# ناول

# "جُرم تہٕ سزا"

اصل زبان......روسی

مصنف..........دوستووِسکی

کأشُر مُترجم

شمشاد کرالہ وأری

کتابہِ ہُند ناو : ''جُرم تہٕ سزا''
مؤلِ : (روسی) فیودر میخائیل دوستووِسکی
ترجمہ کار : شمشاد کرالہ واری
گوڈنیک چھاپ : دسمبر ۲۰۱۴ء
تیداد صفحات : 853
قیمت : 735/- روپیہ
تیداد : 500
کمپیوٹر کمپوزِنگ : اندرابی کمپیوٹرس رتنی پورہ پلوامہ فون نمبر 9906635170
وانی کمپیوٹرس آلوچی باغ سرینگر فون نمبر 9419903983
چھاپ خانہ : تاج پرِنٹنگ سروس دہلی-۶

کتاب میلنگ پتہ:-

۱/ کامران پبلی کیشنز، گرین لین آزاد بستی ایسٹ نٹی پورہ سرینگر، کشمیر
۲/ کتاب گھر لالچوک سرینگر، کشمیر

"Crime and Punishment electrified the Russian reading public on its publication in 1866 and today is an acknowledged classic of would literature. In it 'Dostoyevsky' exhibts a rare mastery of emotion and brilliant insights into the good and evil with in man. The theme of this profound work is that man's crimes against man are paid for, through suffering and only by the acceptance of suffering can find salvation and purification. Ernest Simmons writes. "All the mature art of 'Dostoyevsky' is everywhere evident in Crime and Punishment."

The translation of Crime and Punishment,

Published by Kamran Publications green lane Azad Basti East Natipora Srinagar Jammmu and Kashmir.

| | | |
|---|---|---|
| Translator | : | Mohammad Yousuf Shamahad Kralawari. |
| Year of Publication | : | December 2014 |
| Pages | : | 853 |
| Price | : | 735/- |
| Printed at | : | Taj Printing Service Delhi-6 |
| Computer Composing | : | Andrabi Computers and Wani Computers |

# اِنتساب

"تمن ہٕندِ ناوِ یموکأشرِ زبأنی ہُند دامن

گُنہِ تہِ ذأتی غرضہٕ ورآئے

لعل وجوأہر اتوٕستی جُرتھ تھوومُت چھُ

تہٕ

أسی یہِنٛدس سرمائیس پیٹھ ناز کران چھِ"

# ہاوُک (فہرست)

# گوڈٕ کتھ

دوستو وسکی چھُ روٗسُک اکھ عظیم افسانہٕ نگار، ناول نگار، صحافی تہٕ نفسیاتی ماہر ییٚمۍ "جرم تہٕ سزا" ناول لیکھِتھ پوشہِ وِنی ادبی عظمت پژٲوتہٕ یہِ ناول لیکھِتھ روٗسی سماجس منٛز طلاطم تُلِتھ دُنیہکس کوٗنس کوٗنس تام کاڈ کوٚڈ۔ ادب چھُ دراصل زندگی ہُند اَنہٕ ہاونہٕ باپتھ تھنہٕ پیوان، اِد کانٛہہ چھُ محض پٔنُن وجود موکھہٕ رٹان تہٕ کانٛہہ چھُ پننہِ ذاتہٕ ہریمانہٕ پوٚر سماجی ڈھانچہِ امیُک حُسن وقبوح ہیتھ شیٖشس بژوٗنہہ کنہِ مجسم استادکران ییٚمہِ ستۍ سُہ سماجی ناہموٲری ین تہٕ یموکنۍ پٲدٕ سپدن والہِ تکلیف دہ بلکہ باضے المناک صورتحالک وبُلھت بُتھ عکساوان چھُ۔ ادب پارٕ چھُ تمام زمینی حدبندی یہِ پژٲٹتھ پژبتھ جایہِ ہِنٛدِس پژبتھ نفرٕ سٟتۍ دگ بنان یادواہ تہِ تکیاٚ زِ انسانی اذیت، انسانی رشتہٕ، انسانی جذبہٕ تہٕ احساس چھنہٕ زمان ومکانچن قلاین منٛز قٲدکرنہٕ یِوان۔ یہِ چھُ مختلف ملکن تہٕ لوکن مابان انسانی رشتہٕ مضبوط کران۔ جغرافیٲیی، سیٲسی، سماجی حالات بیٚون تہٕ بدٕن تہِ آسی تن یہِ چھُ دوسہٕ دیوار نہناوِتھ پژبتھ اَکی سٟتۍ دگ یادواہ بنان ییٚمیُک وجہ یہِ چھُ زِ انسان چھُ فطرتاً ہوٗے تہٕ پژبتھ ادیٚچ فطری بنیاد تہِ چھُ انسانی صفاتن ہُند تلاش وجستجو آسان۔ کینٛہہ چھِ ورگہٕ پٲٹھی یہِ کام کران تہٕ کینٛہہ چھِ ننہِ ولنہٕ سماجی تبدیلی ین ہُند اول وانگن نوٚن کڈِتھ ہاوِتھ دِوان زِ معاشرٕ کمو خطرناک موڑو کنۍ چھُ پکان امہِ کنۍ کوسہٕ تباہی چھےٚ زنم لبان یا لبن واجینۍ یا کمہِ رٔنگۍ شہلہِ بنی نوع انسانس اتھہٕ۔ یہِ تجزیہِ چھُ پژبتھ اَکی سُند توجہ پانس کُن پھران تتھے کنۍ کنہِ جایہِ ہُند کانٛہہ

ایجاد پڑٕ بتھ دیشہِ کِس روزن وأرِلس وہ لسنس انان چھُ، اتھہٕ راشہِ یوان چھُ تہٕ پنُن باسان چھُ تہٕ امیُک حسن اتھ مُتھ کرناوان تہٕ امیُک قبوح سیٖخ پاکران چھُ۔ کیٛازِ پڑٕ بتھ دیشہِ کِس پڑٕ بتھ نفرِ سنٛز کتھ چھےٚ گُنی تہٕ دگ تہِ چھےٚ ہشی۔ وونی گوباون طریقہٕ ہیکہِ الگ الگ أسِتھ۔ وُچھو ''جرم تہٕ سزا'' ناول چھےٚ پننہِ وقتہٕ کہِ بدلوٕنہِ روٗسی سماجچ کتھ یوسہٕ گوڈنچہ لنڈِ 1866ءہس منزٕ أکسِ رسالس اندر سلسلہٕ وار چھپان روٗزمگر چھےٚ أزی کہِ سانہِ سماجکہٕ، واقعات تہٕ وأری دات عکساوان باسان۔ اکھ کلاسیکی ادب پارٕ ......زنتہٕ وِنی وِنی لکھنہٕ آمُت، تیوٗت ساأدروار، سرتازٕ تہٕ وُتشاول باسان۔ یم رنگہٕ رنگہٕ مسائیل انسانی سماجس از درپیش چھی تمن پٮ۪ٹھ چھےٚ نفسیاأتی نوکتہ نگاہ ستیٚ تمہِ دوہہ کتھ کرنہٕ آمٕژ یُس صفت اتھ پڑٕ یتھ زمانہٕ باپتھ اعلیٰ ادب پارٕ بناوان چھُ۔

مےٚ چھُ یتھ کتھہِ پٮ۪ٹھ حاأرت گژھان زِ اتھ کیٛازِ اوسنہٕ سانہِ زِٹھو کاأشر ترجمہٕ کوٚرمُت تہٕ شادماأنی چھم زِ مےٚ سپُد یہِ شرف حاأصل زِ یژھہِ اعلیٰ پاٮ۪چہِ کتابہِ ہُند کاأشر ترجمہٕ آومیانہِ ڈٲسی کرنہٕ یوسہٕ اگرے سانہ نوہِ پٮ۪یہِ ہٕندی کاأشری لکھاأری پرن تمن خاأطرٕ اکھ تربیت گاہ ثاأبت سپدِ۔

یہِ ترجمہٕ کرنُک مشورٕ دیُت مےٚ دراصل آنجہانی موتی لال ساقی صاأبن تمن دوہن ییٚلہِ تاریخہ حسنکہِ اکہِ حصُک (مغل دوٗرُک) میون ترجمہٕ اوتار کرشن رہبر صاأبن مےٚ ریڈیو کشمیر سرینگر پٮ۪ٹھہٕ نشر کرنُک موقعہ دیُت تہٕ موتی لال ساقی صاأبن وونم اگرے ترجمہٕ کرن چھُے تیٚلہِ کر دوستووسکی سنٛزِ Crime and punishment ناولہِ ہُند۔ امہِ پتہٕ وُچھی مےٚ امِکی کیٛنہہ انگریزی ترجمہٕ یمو منزٕ مےٚ اکھ منتخب کوٚر یُس Constance garnett سند چھُہ تہٕ مےٚ پننہِ حسابہٕ رُت باسیوو۔

یہِ ترجمہ آسہِ ہاازبٕ ؤنہہ واریاہ ؤری چھپیومُت مگر تہِ سپُد نہٕ تیمکی واریاہ وجوہات چھِ یمن پٮ۪ٹھ کتھ کرنہٕ کہنی نیرِ نہٕ۔ کیٛازِ یو چھُس یمہ کتھہِ ہُند قاأیِل زِ پڑٕ بتھ کاأم چھےٚ پننِس

مقرر وقس پیٹھے سپدان تہٕ سُہ وکھ اوس اتھ یوہے لیکھتھ ییلہِ یہ ترجمہٕ تہٕندِ ہن اتھن منز ووت۔ نتہٕ چھپیو ایمک گوڈنیک قسط ''واد'' رسالکس 2001 مارچکس شمارس منز۔ خاریو کوتاہ چھس کتھ توہہِ تام واتناونس منز کامیاب سپُد مُت سُہ فأصلہٕ کرِو توہی مگر یو ونہٕ اکھ کتھ زِ پیرٕاہ ضخیم کتاب کأشرِس منز چھاپنہٕ چھنہٕ گفہٕ کتھ، پٔتھہٕ یتھ ووسہٕ دروسہٕ ہٕندِس عالمس منز تہٕ یہ زأنتھ تہِ زِ کأشرِ کتابہِ چھُنہٕ کانْہہ مفت میلتھ تہٕ پران تہٕ مُلی ہنگ چھُنہٕ سواۓ مگر مےٚ چھُ یقین یُسے پرِ سُہ کرِ مرحبا......

بیٚاکھ کتھ ونہٕ زِ روسی ناوچھہ سانہِ باپتھ کھوکھرِ جاین ہٕندِ تہٕ تہٕ انسانن ہٕندِ تہِ یم پرِنی تہٕ زیوِ کڈنی ہنا مشکلے باسان چھُ مگر توہہِ باسن تم تیوٚت تیوٚت زنتہٕ پٔنٕز یوٚت یوٚت توہی یہ ناول پران روٗزِو۔ کمپیوٹر کمپوزنگ دوران تہِ آو اتھ اندر مشکل مگر کوٗشش کرٕ صحیح صورتس منز لکھنچ تکرِتھ تہِ آسن خأمیہ روزٕمٕژ تہِ کرِو نظر انداز۔ ہاں یہِ کتھ نظرِ تل تھأوِتھ کرے یہِ مےٚ کردارن ہٕندِ ناوٕ بدلاونچ کوٗشش مگر اتھ اُس پچھانے راوان مےٚ باسیوو یہ گرٕژھہ ادبی بدیانتی وونگو کینْہہ ناوٕ لیکھِم ژھوٚٹرأوِتھ یتھ پرنس منز آسأنی سپد۔

یو چھُس تِمن ہُنٛد شکریہ کرُن لأزم زانان یمو مےٚ یہ ترجمہٕ کرنس منز اتھہٕ روٗٹ کوٚر۔ گوڈنیتھے چھُس خالدہ جان پنٕنہِ گرِواجنہِ ہُنٛد شُکر گذار یمہِ مےٚ ساتھ دیُت تہٕ ترجمہٕ ختم سپدنہٕ پتہٕ یہِ چھپاونہٕ باپتھ مےٚ پتے روٗز۔ یمہِ گرٕیٚک تہٕ شُرین ہُنٛد خیال تھأوِتھ یو لکھہٕ پرٕ باپتھ موکُل تھووس۔

مہناز، مرصع تہٕ محمد کامران پٔنٕنین اولادن ہُنٛد یمن تہٕنٛدِس بولبوش پھنس دوران یوپٔن زیادٕ وکھ دِتھ ہیوٚگس نہٕ تہٕ تِمہِ باوجود تہٕ تم یہ ترجمہٕ چھپاونہٕ باپتھ مےٚ کل کڈان روٗدی۔

آنجہانی موتی لال ساقی صأبُن تہِ پزٕ شکرانہٕ بجاأنُن یمو مےٚ اتھ ناولہٕ کُن ظوٗن پھیُر تہٕ تِمہٕ علاوٕ پروفیسر گلشن مجید، پروفیسر فاروق فیاض، پروفیسر مجروح رشید، پروفیسر

شادرمضان تہٕ گلشن بدرنی صائبُن یموٗ وِزِوِزِ موٕللی مشورٕ دِتی۔

کمپیوٹر کمپوزنگ کرن والین ہُندتہٕ شکریہٕ یمو محض ژورنۍ ریٚن اندر یہ کأم اَنزرأوِتھ دِژ۔

اگرے کانٛہہ دوست یہ ترجمہٕ پرٕتھ کانٛہہ مشورٕ دِیہ یہٕ زیادٕ بہتر بناونہٕ باپتھ یِو کرٕ دوٚیمس ایڈیشنس منٛز انشاءاللہ تتھ پیٹھ عمل کرنٕچ کوٗشش۔

تہُند پنُن

شمشاد کرالہ وأری



# تقریض

جرم تہٕ سزا (اصل روسی) چھنہٕ اکھ یک پرت سیدٕ أری دلیل بلکہ پرت تل پرت وجودی مسلو پیٹھہٕ وۄتلن والہِ دگہِ تہٕ لگاتارٕ دنن دنہٕ واجنہِ ذہنی کیفیژ ہُند تجربہٕ یم سمأجی یینہِ منز ہہنہٕ آمتِس انسانس باگہِ آمتی چھِ تہٕ یہنز عقلی تہٕ غأر عقلی توجہات ژھاران انسانس سأرٕ ے وأنس ڈینجہِ ژلی پن تہٕ پننہٕ ژلی ڈینگ کران لوسان چھےٚ۔

ترجمہٕ چھُ بہرحال ترجمے۔ مگر یۄ دوے شمشاد کرالہٕ وأری ہیوٚ ترجمہٕ کارآسہِ۔ لیس دۄشوٕنی زبانن ہندِ زأوی جارُک، یہندِ محاورُک معنہِ ساورُک تہٕ گنزُک تہٕ لفظ ورتاوس منز گُپتھ تہہ تہٕ لاثہِ ہُند ظون آسہِ تیلہِ چھُ ترجمہٕ اصل تخلیقہ نکھہٕ روزان تہٕ کُنہِ تھوسہِ ورأیی پاٹھکس پننس پھٔرس تل رٹان۔

شمشاد صأبن چھُ یہِ ترجمہٕ کأشرِ بول چالچہِ زبأنی منز کۄرمُت تہٕ پننہِ زبأنہِ ہندِ محاورُک تہٕ لفظن پتہٕ کنہِ معنہِ ساورُک رُت تہٕ حسبِ ضرورت ویور تہٕ تلمُت۔ سُہ چھُ زبأنی ہندِ امہِ ورتاوٕ وطیرٕ کنۍ تمن جذبن، جذباتن تہٕ تمن بُرایہِ کرونبن ''ثینہٕ وننن'' نکھہٕ ووتمُت یمو ''جرم تہٕ وسزا'' عالمی ادبچ اکھ شاہکار ناول بنأومٕژ چھےٚ۔

شمشاد صأبس چھےٚ کأشرس محاورس پیٹھ تھپھ۔ انگریزی زبأنی ہنز رٕژتہٕ ضروری زانکأری۔ امہِ علاوٕ چھُ یمن دست رس فارسی زبأنی پیٹھ تہِ۔ یمہٕ کنۍ شمشاد صأبن انگریزی (روسی) محاورن، ڈٕ پتبن تہٕ کتھن زأوی جارن ہُند رُت، روان تہٕ پسیٚہ ڈن کأشر روپ کُنہٕ تھوتھہٕ ورأے کرتھ ہیوٚ کمُت چھُ۔

پروفیسر گلشن مجید

# کیٛنہہ کتھہٕ...... دوستووِسکی تہٕ ناولہِ متعلق

فیودور میکائیل دوستووسکی چھُ رُوسُک ناول نگار، افسانہٕ نگار، مضمون نگار، صحافی تہٕ فلسفہٕ دان۔ دوستووسکی سٕندی تحریر چھ غأر یقینی تہٕ تذبذب وأرِلس سیأسی صورتحالس منٛز انسأنی نفسیاتکی سرٕ نی تہٕ وہٕ گنٛز (وونتھ ہیتھ) ژٕنی کڈٕنچ اکھ لاجواب کوٗشش۔

سُہ چھ خاندانی کرامہِ ''دوستووسکی'' ناوِ ژھوٗٹی پأٹھؠن زانہٕ یِوان۔ییٚلہِ زن اصل ناو فیودور اوس۔ دوستووسکی زاو 11 نومبر 1821ءہس منٛز ماسکوہس تہٕ موٗد پیٹرس برگ روس اندر 9 فروری 1881ءہس منٛز۔ أمی أسی ژٕ خاندر گری ہتی تہٕ أسس ژور شُری۔

ماجہِ اوُسس Maria Nechayeva تہٕ مأرِلس میکائیل دوستووِسکی ناو۔

دوستووِسکی ین لیٚچھ ''جرم تہٕ سزا'' ناولہِ برٛونٛہہ اکھ کہأنی Notes from underground 1864 ہٕس منٛز۔ یہ أس أکِس تِتھِس شخصہٕ سٕنٛز وونٕہ باوتھ یُس ظلمک شکار سپُد مُت اوس کیٛازِ سُہ اوس نہٕ شخص پرستی ہُند قأیل۔ یہ کہأنی چھےٚ تمہِ سیأسی تہٕ سمأجی خیال آفرینی ہُند تعارف باسان یتھ ''جرم تہٕ سزا'' ناولہِ منٛز ووتھ واشر میلان چھُ۔

دوستووسکی سٕند بن امہِ پتہٕ کیٛن شہکارن منٛز چھےٚ ناول "The possessed" یُس تہٕ کٔنی سرس مانٕنہٕ یِوان زِ اتھ منٛز چھُ روسی انقلأبی نوجوانن ہُند تنقیدی جایزٕ ہیتھ اول وانگن نوٗن کڈٕنہٕ آمُت۔

یتھے کٔنی چھےٚ دوستووِسکی سٕنٛز آخری ناول "The brothers karamazov"



(1880) تہٕ اکھ شاہکار ماننہٕ یِوان۔ اتھ منٛز تہِ چھُ دلیل آ نہِ مصیبت زدٕ گرچ حالت

زار بڑ وٚنہہ کٔن انان یوسہٕ أکِس قتلکس أنٛدی أنٛدی نژان چھےٚ۔ مگر اتھ منٛز چھُ فلسفیانہٕ زأوی یہِ ستیٚ رُت تہٕ کرٛت وبڑھناونہٕ آمُت تہٕ خدأیی وجودس نسبتہٕ فنکارانہٕ پاراَیس منٛز اظہار خیال کرنہٕ آمُت۔

''جرم تہٕ سزا'' ناول یتھُے 1866ء ابتداہس اندر أکِس روٗسی ادبی رسالس منٛز قسط وار چھپنہِ لٔجی أمہِ نیٛ گوڈنکی قسطہٕ پٮ۪ٹھہٕ ادبی سرکلن ہُنٛد ظوٗن مُہتھ۔ امہِ کِس گوڈنکیٚ ہسے قسطس پٮ۪ٹھ لٔگی تبصرٕ چھپنہِ تہٕ أکی تنقید نگارن لیوٗکھ پٔنٕن ناوژورتھأوِتھ زِ ''ناول چھےٚ باسان گرٛٹھ دوستوو سکی سُنٛد اہم أدبی کارنامہٕ بنِنیٚ'' اکھ برطانوی دأنشور تہٕ مترجم ڈیوڈ میکڈف چھُ لیکھان زِ یُٔت یُٔت ناولہِ ہنٛدی قسطہٕ چھپان رٕوٗدی تیُٔت تیُٔت بنے یہِ یِم قسطہٕ سمأجی تہٕ عوأمی مباحثن ہنٛدی مرکز ومحور۔ تمہِ وقتُک اکھ روٗسی تنقید نگار این سڑاکوف چھُ پتہٕ تم دوہہ یاد کران لیکھان زِ ''جرم تہٕ سزا'' چھےٚ سو واَحد کتاب یوسہِ عأدی کتاب پرن والین نِشہِ موضوع بحثٕ آسان أس۔ سڑاکوف چھُ لیکھان زِ یہِ کتاب أس ییہٕ زوردار زِلوٗکن لوٗگ وُتش تہٕ لٔگی احتجاج کرنہِ۔

''جرم تہٕ سزا'' ناول چھےٚ رَاسکولنِکاف أکِس روٗسی نوجوانس أنٛدی أنٛدی وونہٕ یِوان۔ یُس خود دوستووسکی سٕنٛز ترجمأنی کران چھُ۔ دوستووسکی تہِ اوس آزاد خیال تہٕ روٗسی سماجس منٛز انقلاب انہٕ باپتھ ملک بدر سپدمُت یُس پتہٕ واپس پٔنٕن ملک یِوان چھیکرس أتھی میٚزٕ منٛز شرہ پان چھُ۔

رَاسکولنکافنہٕ دُسی چھُ ہأوِتھ دِنہٕ یوان زِ یُس اکھ سماجس منٛز نابرابری تہٕ غلطی یہِ عقلہِ ہنٛدِس بنیادس پٮ۪ٹھ دور کرُن یژھان چھ۔ سُہ چھُ پانے ڈُبان تہٕ ناکام گژھان کیاز زِ سُہ چھُنہِ گوہن تہٕ ثوابن ہُنٛد تصور کران تہٕ روحانی تژ لیش ہمراونس کٔن ظوٗن دِوان۔ انسأنیٚتس ستیٚ جذبأتی رشتن ہنٛز ضرورت ہیکہِ نہٕ نظر انداز کرنہٕ یِتھ تہٕ زندگی ہنٛدی سزٕنی وہٕ گنٛی چھ روحأنی طاقتس بڑ وٚنٹھہ کنہٕ سرخم گرتھ ژانٛکی تہٕ نبر تژ أوِتھ پانس

اندرأ ژِتھ چھُ زند گیہ ہُند جوہر لبن۔

ناول ''جرم تہٕ سزا'' چھےٚ پننہِ وقتکہِ روسک أنہٕ ہاوان یتھ منٛز سُہ مستقبل گاشراونہ یِوان چھُ یُس ازکل سانین نظرن نیز ژھکان چھُ۔ ییمہِ ستی صاف چھُ سپدان زِ دوستووسکی چھُ پننہِ بصیرتہٕ کنٛز زمانکہ قاۂدنبر نیرِتھ پرٛ بتھ زمانس منٛز لگھارلکھأری ییٚمس پرٛ بتھ سماج تہٕ پرٛ بتھ زمانہٕ مولناو۔

دوستو وسکی سُندین تحریرن پیٹھ کتھ کران چھُ اکھ محقق تہٕ تنقیدنگار Leatherbarrow ونان زِ دوستووِسکی سنٛزن اکثر ناولن منٛز چھُ غأریقینی صورتحال درپیٹھی گژھان خاص کٔرِتھ ''جرم تہٕ سزا'' ناولہِ اندر۔ سُہ چھُ ونان ''نہ فقط زِ جرم کرٕنکی مقصد تہٕ محرکات کیا چھ بلکہ موقعہ وِ محل تہ زمان ومکان تہ چھُ غأریقینی صورتحالس منٛز پرن وأرِلس بلکہ جرم کرن وأرِلس تہِ برٛ ونہہ کُن یِوان۔ یِہ چھےٚ امہِ کتابہٕ ہنٛز بڈٛ خوبی زِ اتھ غأریقینی تہٕ غأر واضح صورتحالس منٛز چھےٚ دلیل برٛ ونہہ برٛ ونہہ پکان۔ یوہے چھُ دوستووسکی سُند ووستادانہ فن یُس تہنٛزن بیشتر نگأرِشاتن منٛز کاڈ کڈِتھ تہٕ ووتھ واشرسان پرن وأرِلس تہنٛد بجرک قأیل کران چھُ۔

گوڈنچہِ لٹہِ آیہ ''جرم تہٕ سزا'' ناول فلمی صورتس منٛز فرانسس اندر 1935ہس منٛز سنیماہس منٛز ہاونہ امہِ پتہٕ اکھ ہفتہٕ گژھِتھ آو ''جرم تہٕ سزا'' ناولہِ ہُند امریکی فلمی روپ ہاونہٕ۔ یتھے کنہٕ سویڈن (Swedish) فلم ''جرم تہٕ سزا'' آیہ 1948ہس منٛز ریلیز کرنہٕ۔ امہِ پتہٕ رُوٚ دیہٕ سلسلہٕ دوٚییمین جاین تہٕ ملکن منٛز تہٕ جأری۔

یہ ناول چھ وونکس تہٕ مختلف یونیورسٹی ین منٛز مستقل طورِ بحیثیت اکھ مضمون پرناونہٕ یِوان۔



# "جُرم تہٕ سزا"

## باب اکھ

### (۱)

اژِونہِ جولایی ریٚتنہِ اکہِ گرشمہٕ ژنجہِ ہٕنٛدِ دوٚہکہِ شامچ گَتھ چھےٚ زِ اکھ جوان یُس بمقامِ "سین" اکہِ عمارژ ہنٛزِ براٗرِ کاٗنی ہٕنٛدِس سستہٕ کرایہِ واٗلِس کمرس منٛز روزان اوس دراو سڑکہِ پیٹھ تہٕ پوٚک سیٹھاہ آوٕسیمتیٚو قدمو یہوے بےٚ غرض پاٗٹھی "ک" کدلس کُن۔ ہیرِ وسوٗن اوس تس مکان ماٗلکنہِ بتھِ لگنُک خدشہٕ مگر سُہ گوٚتس اَچھن سکھ ژیٚتھ نیٚبر نیرنس منٛز کامیاب۔ نوجوان سُنٛز اکھ لوٚکٹ الماٗری ہیُٛو کمرٕ اوس مکانہٕ کِس ساروٕے کھوتہٕ ہیٚرِمس یعنی پاٗنژِمس پہرِس پیٹھ۔ مکانہٕ ماٗلکنی اَس کمرٕ کرایہِ پیٹھ دِنس ستٕ کھیٚن چیٚن تہٕ ٕکنان...... سو اَس مکانہٕ کِس بوٚنِمس تہس منٛز روزان۔

نوجوان ییٚلہِ تہِ نیٚبر نیرہے تس اوس تمہِ دلنہٕ گُٹھِ بروٗنہہ کنہِ نیرُن پیوان ییٚمیک دروازٕ پرٛتھ وِزِہ ییٚلے آسان اوس تہٕ ییٚتہِ بڈٕ ہمیشہٕ موجوٗد آسان اَس۔ دلنہٕ گُٹھِ کنہِ نیرنہٕ وِزہ اوس نوجوان بچوٗر سکھ ترہران تہٕ رسہٕ کیٚنسِر گژھان۔ اِوٕ کنہِ اوس تس امہِ وِزِہ عجیب قسمچہِ شرمندگی ہُنٛد احساس سپدان ییٚمیک نہٕ تس ووٚنی برداشی اوس۔ تس اوس ماٗلکنہِ ہُنٛد واریاہ قرضہٕ تہٕ اوس تس بتھ دِنس کھوژان۔

ییٚنہٕ تو ہمہِ خیال گژھِ سُہ کیاہ اوس ازلی بُزدل تہٕ کمیٖنہٕ......نہ...... بلکہِ چھےٚ کتھ یہِ زِ ییٚتمیو کینٛہہ دوٚہو پیٹھٕ اوس سُہ ہنا زیادے نژرِ تھ دنیاہٕ نِشہِ بیزار باسان۔ ییٚمن جذبن ہنٛز شدت اَس ییٚہاز ووٚنی اوس سُہ پاٗنی پانس ستٕ کتھ کرنہِ لوٚگمُت۔ اگر یہ سُہ کینٛہہ سونچان تہِ اوس تہ اوس نہٕ یُنہٕ ذلتہٕ نیٚبر سونچان۔ تمی اوس ییٚژھن پان دُنیاہ تہٕ دُنی یہکیوٚ لُکو

نِشہِ تیٚؤتاہ بدٕلن تھوومُت زِ سہٕ اوس نہٕ صرف مألکنہِ بُتھ دِنہٕ کھوژان ...... بلکہِ اوُسس کأنسہِ ستی ملاقات سپدنکہِ اندیشہٕ کِنی مۆرُے اوت مۆژان۔

سہٕ اوس غوربتن گشتھ ترٛوومُت تہٕ وُنی کٲبن تہِ اوس مُفلسی ہٕندِس گریٹس منٛز پشنہِ یوان مگر کیٛنہہ کالہٕ پتہٕ اوس باسان زِ دُنیہکی تفریق چھنہٕ تس کُنہِ تہِ قسمہٕ پریشان کران۔ کُنہِ کامہِ ...... کُنہِ کتھِ یا کُنہِ تہِ چیزس منٛز اُس نہٕ تس دلچسپی رۆزمٕژ۔ وَنو کیاہ ......سہٕ اوس نہٕ تمن کتھن تہِ سنان یمن تس سٕزن پزِ ہے۔ پزر چھُ اِی زِ امیک اوُسس نہٕ کانْہہ افسۆس تہٕ۔ تس اُس اکھ قسمچ بےٚ فکری تہٕ سُستی سوار گأمٕژ مگر تو پتہٕ تہِ اوس سہٕ عجیب حالتس منٛز ہیٚنہٕ آمُت۔ تس اوس نہٕ بزنٕس تہٕ سوکھ تہٕ پرٛتھ وِزِ اوس سہٕ عجیب وحشتس منٛز روزان۔ دراصل اوس سہٕ بس مألکنہِ کھوژان۔ یٚیمہٕ ہٕندِ تمو عادتو یم الہٕ پلہٕ پرٛتھ مکانہٕ مألکنہٕ منٛز درینٛٹھ گوٚہان چھِ سہٕ سخ اثر انداز کۆرمُت اوس۔ سہٕ اوس نہٕ لمہِ خیالہٕ کھوژان زِ مألکنی ما کرِتس خلاف قونونی کاروأیی۔ نہٕ تس اُس تمہِ باپتھ وَتھ ییلہٕ ...... اما پوٚز ہیرِ ہ وسنہٕ پتہٕ ہنگہ منگہٕ ٹھہرن ...... مألکنہٕ ہنٛزِ ناسہٕ تراسہٕ کتھِ بوزنہٕ ...... کرلیہِ ہنٛز وگرأیے یہِ زن اہنٛدِ ہ خأطرِ کلڈ ربنیوٗنت اوس ...... اورُک یورُک تہٕ نوٚد نوٚواپُز وُنن حیلہِ بأزی خاطرِ دِمباغ لڑاوُن تہٕ تتھ پتہٕ مألکنہِ ہنٛزن شکأیژن تہٕ دِمکین ہُنداژھیٚون سِلسلہ ...... لمہِ کھوتہٕ آوس تہنٛدِ ہ خأطرہ اِی بہتر زِ سہٕ وسہِ برارہ ہٕندی پأٹھی ہیرِ تہٕ لوٚت لوٚت نیرِ برٛنٛبر۔

خأراز یٚیمہٕ شامُک ذِکر سپدان چھُ ییلہِ سہٕ تمہٕ وِزِ سڑکہِ پتہٕ دڑاو تس سپُد گوڈنکہِ پھرِ پأنس لمہِ ہنگہٕ منگہٕ کہِ خوفُک احساس سبٹھہے ٹٔرنی پأٹھی۔

"ہنہہٕ ...... ہوٚ تہٕ چھُس ترٛٹھ کأم کرنی یژھان مگر کھوژان چھُس یمن لوکچین لوکچین کتھن،" تمی سوٗنچ تہٕ عجیب انسانہٕ گمنأوِنی وُٹھ۔

"یہِ ...... سُ ...... سورُے چھُ انسانہٕ ہٕندنیٚ اتھن منٛز۔ آ ...... آ ...... ووٚنی

اگر ے سہٕ کینہہ کرنہٕ نِشہٕ پَتھ روزان چھُ تہٕ چھُ تہنٛزِ بزدلی تہٕ کم ہمتی کِنہٕ سپدان۔ یہ چھُ مانٛنہٕ آمُت پزر an axiom۔ ہے یہ کتھ چھےٚ پزٕ کِنہٕ سَنٛنہٕ لایق زِلوٗکھ کتھہٕ سناچھِ زیادہ کھوژان...... خاصکر تمہٕ وِزہٕ ییلہٕ تِم کانٛہہ نوٚو قدم تُلان چھِ یا کانٛہہ نوٚو لفظ زبِو کڈان چھِ...... ہنہہ ووٚنی چھُس بہٕ شاید حدٕ ہ رٛوس بکواس کران۔ ییٚمہٕ کِن بہٕ کانٛہہ کآم تہٕ گرِتھ چھُس نہٕ ہیکان۔ خبر یہ کتھِ بکواس کرنُک عادتھ لاریومےٚ پتمہٕ رِبتہٕ پٹھے...... یینہٕ مےٚ ہنگہٕ منگہٕ کنِ خیالن منٛز پیٚوان ووت تہٕ فقط سونچان آسان چھُس...... وُنکیس کیاز چھُس بہٕ تور گُن پکان...... اما بہٕ ہیٚکا تہٕ گرِتھ...... تہٕ ما چھُ مُشکل۔ نہ...... تہٕ چھُنہٕ رژھ تہٕ مشکل۔ یہ چھےٚ کھوورِ اتھٕچ کآم...... بیٚیہٕ کیاہ یہ چھُس بہٕ دِل رٹنٕ ناونہٕ خاطرِ کران...... ہنہ...... تہٕ چھُ ممکن زِ یہ ہیکہِ شُری گُندنا اُستھ"۔

کوچہٕ اوس گرشمہٕ ژنجہٕ ستیٚ زن دزان تہٕ ہوا رنگ تہٕ اُس نہٕ پکان۔ وتہٕ اُسی ٹوگر یوٹوگر یولوٗکھ پکان۔ ملبہٕ تہٕ ژھوٹکی انبر۔ سر یہٕ لوٗسنہٕ وِز مکانن ہندی نپہٕ کرٕ ونی دیوار۔ پٹر بن پیٹھ بناونہٕ آمژٕ لکرِ ہنٛزِ وانہٕ پینٛجہٕ تہٕ مچھیٚو کھیمتی دُکان۔ دُکانن برونٛٹھ کنہٕ لاگنہٕ آمتیٚ شامیانہٕ۔ وتہٕ پیٹھ چھکرنہٕ آمتیٚ روڈِ پھٔلی تہٕ وُڈٕونی لژھ تہٕ بیٚیہٕ پیٹرس بُرچ سو خاص بدبوٗےٚ تیٚچ خبر تمن سارنی چھےٚ یم نہٕ ریٚتہٕ کالہٕ سارِس گرٕ ہتھ ہیٚکان چھِ تہٕ اُتی آسان چھِ۔ امہٕ سارِکے پیٚو سمت گرِتھ ہابتاک اثر نوجوانہٕ سٕندِ بن گوٗڈے وُتش لگی ہتمن جذبن پیٹھ تہٕ آوٕ سیم تیٚن وُسخانن یم نہٕ گُنہٕ تہٕ صورتس منٛز ڈنجہٕ اُسی۔ قصبہٕ کِنِ امہٕ طرفہٕ کیٚن گرٕ ژرٛوس شراب خانن ہنٛزِ واٛنجی ژٕ ونی بدبو یہٕ تہٕ قدمس قدمس پیٹھ شرابین ہٕندِ سمکھنہٕ کِنی، حالانکہٕ یہٕ اوس کاروبارُک دوٚہہ، سپد یہٕ کھچھن ٹلن وول منظر مکمل۔ نوجوانہٕ سٕندِ بُتھِ پیٹھ پزٕ پڑ یہٕ رُماہ سکھ نفرت۔ منٛزی وِنہٕ ہو یہٕ نوجوان اوس صحت مند تہٕ خوش شکل۔ قد کِنی اوسطہٕ نِشہٕ نیرٕ وُن تہٕ موٚٹ درٛوٹ۔ اُچھ آسس کرٛہنہٕ تہٕ پزٕ پونہٕ، مس کرہُن تہٕ کاژر یر سان۔ سہٕ گوٚ وٕولی ولی گتھ تام سٕنس سونچس

منز پیٹھ۔ بلکہِ روزِ یہِ وُنہ زیادٕ مُناسب زِ تسُند دماغ سپد خالی۔ تہٕ بازر چھہِ ووسہِ دروسہِ
تہٕ بدبو یہِ نشہٕ گوبےٚ پرواہ تہٕ یہِ ڈٲلِ زِ تہِ غفلتکِس عالمس منز رُوِ دبروٗنہہ بروٗنہہ پکان۔
منزٕ منزٕ اوس سہٕ پنٕنہِ عادتہٕ کِنی مجبوٗر گژھان یہ تمی پانہٕ وُنی تسلیم کوٚر مُت اوس پانٕی
پانس ستی کتھ کران۔ تِتھس موقس پیٹھ اوس تمس احساس گژھان زِ تہنٛدٕ بن خیالن چھُ
کھر آمٕت۔ تہٕ سہ چھُ سبٹھاہ کمزور گومُت۔ تِکیازِ تمی اوس دوٚن دوہن مسا مسا کینٛہہ
کھیٚن کھیوٗمُت۔

تس اَسی تم جندٕہ پلوا۔ گتھ یمو کِنی پزنہٕ پاٹھی سہ فقیر تہِ منٛد چھِہا...... یَس مل
بۄڑ زچہ رینچہِ لاگنہٕ کےٚ عادتھ آسہے۔ دراصل چھےٚ گتھ یہ زِ شہرکِس اَتھ حصس منز
اَسی تن خبر کوٚتاہ موٚ گر تہٕ ژھیوٚنمُت جندٕ لا۔ گتھ انسان، کانٛہہ سنبس ہٕ تہٕ نہ کرِ کانٛہہ اَتھ
پیٹھ تعجُب۔ تہٕ تیمہِ سببہٕ زِ اَتھ نکھہٕ چھُ پوشن ہٕنٛدِ کھر چِک بازر......اوباشی تہٕ بدمعاش
ہٕنٛدی اڈٕ......موزوٗرن ہنٛز خام پہر......تاریک تہٕ نِکو آری ہوی لوٗکٹ تہٕ تاپھ تپہٕ وُنی
پیٹھس بۄرکی کوچہ، باپاربن، موٚزوٗرن تہٕ بچھہِ ونن ہنٛدِ پکہٕ وُنہٕ بارٕ سہلاب کِنی اوس سہٕ
صورتحال پاڈٕ گوٚمُت زِ اَتھ منز ہیکہِ ہے نہٕ کانٛہہ عجوبہٕ تہِ نوٚن نیرِتھ۔ پزر چھُ اِی زِ
اَمِس نوجوانہٕ سُنٛد دِل اوس تیوٚتاہ ہنٛد ریوٗمُت تہٕ مزاز تیوٚتاہ ٹیوٚٹھیوٗمُت زِ تمہِ نوزُک
مزاجی باوجوٗد یوسہٕ پزتھ نوجوانس منز آسان چھےٚ بوٚرنہٕ تمی اَتھ کوچس منز پتین جندٕ
پلون متعلق کانٛہہ وایہ۔ یہٕ چھےٚ وکھرِ کتھ زِ تس ییلہِ تہٕ کانٛہہ زانٕی کاریا کانٛہہ پرون
ژلہٕ بوج سمکھیو تمن ستی کھوٚرتس گُنہ شکہٕ ورٲے ملاقات کرُن۔ امہِ وِزِ کوسہٕ شکل
اَس نوجوانس تہٕ ننہِ توہہِ یہ بوٗزتھ زِ ییلہِ شرابکِس نشس منز اکھ شخص بڈبگی (ییتھ اَکھ
زوردار گرلمنس اوس) تیز رفتاری سان چلاوان اوس، نوجوانس نکھہٕ ووت تہٕ لاٚیِن تس
کُن ہنگہٕ منگہٕ زوردار کریکھ "روزوٗ اَ کتھ کُن ہتاناپاک ہونیا' واتلا، جُرمن لگٔیا......"
نوجوان ٹھہریو یکدم تہٕ کھوٚر بڈی سنٛدی پاٹھی گرٕان روشہٕ اَتھو پنٕنہِ صاحب ٹوپہ

(Hat) تھِتھ۔ ہیٹ تہٕ اُسِ وُچھنٕ لایق۔ گول گول ٹھز ہیٹ یوٚسہٕ لاسہٕ پھٹتھ اَنہٕ اُس آمٕژ، وونکو لاگی لاگی اُسس ہٹ دراہمتی یہ اُس پرأنی تہٕ ژنیأمٕژ۔ ژٹی ہش تہٕ مٔلوٗ۔ دمہٕ اوسُس موکلیومُت تہٕ اکہِ انٛدٕ اُس گتھ تام نٔوسے فأشنس منٛز ژانژھ بوٚن وٕژھمٕژ۔ وُنکیس سپز نہٕ نوجوانس امہٕ ستی شرمندگی بلکہِ پیوس پُژی کنٛی خوف تہٕ ژہریو۔

"اہنٛو بوے چھُس زأنتھ" لوٚگ سہٕ پریشانِ حالی منٛز وُٹھ مُژ رأوتھ ونہِ "یہ ہیٹ چھےٚ خراب کھوتہٕ تہٕ خراب...... اَخر کیاز...... ہنٛہ کیاز...... ینہِ تہٕ یہ دوہن پأنسن ہنٛز ہیٹ۔ یہ ژھنہِ میون سورُے پلان تباہ کرِتھ۔ یہ ہے چھِ دوٗرِ وَنہِ کڈنی لایق۔ دراصل چھنہٕ یہ گُنہ کارِ ہنٛز تہٕ اوے چھُس بہٕ دوٗرِ پرٕز ناونہٕ یوان۔ مےٚ پزٕ ہایمن جندن پھٹھ ساڈٕ تُو پیاو وڈِنی، گُنہ پرانہِ قسمچ نہ زِیہِ ہرلن لایکھ۔ اَزٕکس چھُ یِژھ ہیٹ ووڈِ دوان۔ یہ ہے آسہِ اکہِ میلہٕ پھٹھ ونہِ کڈنہٕ یوان تہٕ مےٚ تھاون ساری وَنہِ...... ہاں پتہٕ کیاہ سپدِ، اگر یِتہِ کیٛو لوٗکو وَنہِ تھوٚوہس؟ ...... دراصل...... یژھن کامبن خاطرٕ چھِ انسانس تیٚوٗ تاہ محتاط روزُن یُو تاہ ممکن سپدِ بس۔ بکواس...... یِمہٕ چھےٚ لوکہِ کتھٕ۔ یِمن چھا سنان؟...... نہ تِکیا گوٚو۔ یِے کتھٕ چھےٚ ہمیشہٕ اتھٕ مُرناوان"۔

اُمِس اوس نہٕ زیادٕ دوٗر گژھُن۔ تس اوس پوٚزٕ پتاہ زِ گرِ دوٗرٕ گژھِ قدم چھےٚ سوجائے۔ بالکل قدمہٕ قدمہٕ گنٛز رأوِتھ سَتھ ہَتھ 30 قدم۔ یہ فأصلہٕ اوس تِمی تمہٕ وِزِ میوٚنمُت ییلہِ سہٕ خوابن ہنٛدِس دُنیاہس منٛز روومُت اوس۔ تمہِ وِزِ ژنہٕ تمی یِمن وولہٕ دولہٕ خابن کانٛہہ اہمیت ماسوائے یہ زِیمن خابن ہُند ہابت نظرٕ تل أنتھ اوس پأنی پانس لالچ دِتھ یہ مُہم سرکرنک تسلاہ دِوان۔ مگر وونی اوس اکہِ ربتہٕ پھٹھ سہٕ یِمن خابن دوٗیمہٕ آیہِ سزان تہٕ امہِ باوجوٗد تہٕ زِ سہٕ اوس پنٛنہٕ بُزدلی تہٕ ناسمجی پھٹھ پأنی پانس ٹانہٕ ژٹان تہٕ ستی اوس سہٕ یہوے "ہابت ناک خاب" اَتھ کامہِ منٛز کامیأبی پراوُنس کُن اَکساوَنک بوڈ ذریعہ تہٕ مانان۔ حالانکہِ پانس پنٛن پروجیکٹ مکمل کرنہٕ خاطرٕ دیُت نہٕ تمی زانہہ امیک باس...... وُنکیس

اوس تَس اَکھ اَکھ قدم برونٛہہ پکناونس پیٹھ جذبن زیادٕ زیادٕ وُتشُن لگان تہٕ خوشی اندر ہُر بر گژھان۔

نوجوان ژاوِلرٕز ہۆت راتھ وٕمتہٕ دِلہٕ أکِس بَڈِ بڈِس مکانہٕ کِس آنگنس اندر یٖمیک اَکھ اَند کولہِ بٹھِس نِشہِ تہٕ بیٚیا کھ اَنٛد بجہِ سڑکہِ پیٹھ اوس۔ اَتھ مکانس أسی لوٚکٕٹ لوٚکٕٹ کمرٕ گنڈنہٕ آمتی یِمن فلیٹ وَنان أسی...... تہٕ یِمن منٛز موٚزوٗر طبقس سٕتی تولُق تھاوَن وألی پرٛتھ کُنہِ فرٕقکی لۆکھ کرایہِ روزان أسی۔ سرٛ' کھارِ' واز' جرمنی ہٕنٛدی پونڈٕ باپأری' تہٕ تِمہ کورِیمہ کُنہِ تہِ طریقہٕ زِندٕ روزنہٕ خأطرٕ پونسہٕ ٹۄنکھ کماوان آسہٕ یا موصوٗل کلرک أسی۔ مکانہٕ کیٚن ووٚنِ طرفن ہٕند یود ویود دروازٕ کنی اوس نہٕ لۆکھ اژنس تہٕ نیرنس رژھ تہِ ژھیٚن۔ مکانچہِ راتھ چ باپتھ أسی ترٛیےٚ رِکنہٕ ژورڈیڈی وان مقرر کرنہٕ آمتی۔ مگر نوجوان وشٕ یونہٕ کُنہِ ییٚلہِ نہٕ یِمو منٛزٕ أکِس تہِ تس پیٹھ نظر پیٚیہٕ تہٕ کُنی ووٚٹہِ مکانہٕ کہ ڈٕچھنہِ دروازٕ کنی اَند رژاو یٖمیک نہٕ کأنسہِ ابشاہ تہِ گوٚو۔ ووٚنی لوگُن ہیرٕ کھسُن۔ یہِ أس پۆت ہیر، سبٹھاہ تنگ تہٕ تأریک۔ ووٚنگو نوجوانس أس برونٛہہ ویٚز، یٖمہِ کنی سُہ سیٚو دمے کھسان رۆد...... اتھ سأرسےٕ پیٹھ تیٚچ نہٕ تس ووٚمیدی أس کۆتاہ خوش اوس سُہ تِکیاز یٕژھ ہِاَنہِ گٹہِ منٛز ہیکہِ ہے نہٕ تس خبر کوٚسہٕ تیز نظر تہِ وُچھِت۔ نو جوان اوس وحشتہٕ سٕتی اکہٕ پوٚش ہیوٚ گومُت تہٕ یہِ وُچھِت لجیوٚ سُہ پأنی پانس ژوٗرِمس پوٚہرِس پیٹھ واتِتھ سوال کرنہِ زِیہِ گو وُنہِ پیٚچھنس پیٹھی میون حال تہٕ یٖمہِ وِزِ بہٕ سُہ اصل کأم کرٕ، یۆسہٕ مےٚ کُنہِ تہِ صوٗرتس منٛز کرٕنی چھےٚ، تِمہِ وِزِ چھُ تیلہِ خودہی بہتر زانان مگر سوال شرٕ پس وُٹھنےٕ پیٹھ تہٕ خیالن ہٕنٛزیہِ مال ژھیٚنی أمِس تِمہِ وِزِ ییٚلہِ کینٛہہ موٚزوٗراکہِ فلیٹہٕ منٛزٕ فرنیچر تہٕ دوٚیمۍ چیز نبر کڈان أسی تہٕ تِہنٛدِ پکنہٕ تہٕ ٹھسرایہِ سٕتی گوٚو ہُشیار ہیوٚ۔ پرٛژھن أس تس پتاہ زِ اَتھ کمرس منٛز چھُ دیوأنی منٛز کأم کرن وول اَکھ کلرک تہٕ تسُند عیال روزان۔ یوٚہے جرمن اوس ووٚنی کمرٕ خأ لی کران۔ تِہنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ اوس نہٕ ووٚنی ژوٗرِمس پہرِس پیٹھ تس

بُجہِ ورأے بیٚیہٕ کانٛہہ کرایہٕ دارروزان۔" یہٕ گوٚو اصل۔ سبٹھے جان"، تمہِ سۄنٛچ بُجہِ ہُنٛدِ فلیٹچ بیٚل دباوان۔ امِچہِ گأنٹی درایہٕ تیزٕ بیگرتہٕ نوزُک آواز' باسان اوس زنتہٕ یہٕ تراۄچ آسہٕ بجایہٕ پیٚنچ اُس۔ ووٗنی گوٚو تھٕمن مکانن منٛز چھے فلیٹن ہُنٛز گنٹیہٕ پیٚٹھے بیگرِ آسان۔ نوجوانس اُس گنٹی ہُنٛز یہٕ خاص خأصیت دراصل مشر بے گأمٕژ۔ خأر امِچہِ امہِ مخصوٗص آوازٕ ستی گوٚس زنتہٕ غنبد ربیٚدارتہٕ کیہتام پیوس یاد تیٚچ تصویر تس اُچھن منٛز ووٗتلنہِ ہیٚزنی تس گیہ خوفہٕ ستی لارنہٕ تہٕ وُسخان گیس حدٕ کھوتہٕ نیٚتہٕ سوٚت بلکہِ ڈیٚو وۄژیوسٕ زن زُو کوٚڈ ہس...... کیٚنٛہہ ژٕہی گژِھتھ آو دروازٕ رژھ کھنٹ مُژراونہٕ تہٕ بُڈ لج اُمی دروازٕ ترو یہٕ منٛزی پٔھنس سمکھنہِ ینہٕ وألس شکیٚو نظروژرژنہٕ۔ دروازٕ ترو یہٕ منٛزی اوسنہٕ ماسوا یہِ بُجہِ ہُنٛزو لوکچو اُچھو یم انہِ گٹہِ منٛز زوتان آسہٕ، اَندرٕ بیٚیہٕ کیٚنٛہہ تہٕ بوزنہٕ یوان۔ مگر اُتھ پوٚہرس پیٚٹھ کینژھن نفرن ہُنٛدِ آسنہٕ سببہٕ (یم جرمن کلرکہٕ سُنٛد کمرٕ منٛز سامان کڈان اُسی) کوٚر تمہِ دِل دوٚرتہٕ ہیٚمتھ گرِتھ مُژرُون دروازٕ پوٗرٕ پأٹھی۔ نوجوان ژاو بے شۄنکھ پأٹھی انہِ گٹس وٕٹس منٛز یُس بکچنہٕ منٛز الگ کڈنہٕ آمُت اوس۔ بڈ اُس نوجوانس بروٗنٛہہ کنہِ کیٚنٛہہ ونہٕ کرنہٕ ورأے سوالیہٕ نظرو مُدے گنٛڈتھ وودنہٕ۔ سو اُس ژھوٚٹ تہٕ ہوٚ چھمٕژ۔ کمینہٕ اُچھی تہٕ کیٚل ہیٚو تو تل نستہٕ پیٚوٗت گرِتھ یہٕ بڈ آسہِ ہے وُہرِ شیٚٹھ۔ ووڈٕنی، بے رنگ مس پریشان گرِتھ یتھ تیل پڑیڈان اوس تہٕ شاید اوٗ کنی میژیوٗ رنگ اوس۔ کوکرزنگ ہشہٕ ہوٚ چھمر گردنہٕ اوس امہِ فلالینگ گلوٗنٛد وٗلتھ تھوومُت۔ حالانکہِ یہٕ اوس گرشمہٕ کال تہٕ بُجہِ اُس تو پتہٕ تہٕ کمہِ تام خأرشہِ لد جانور مسلیچ صدری نألی لأجمٕژ تیٚچ وأنس بُجہِ ہُنٛزِ وأنسہِ برابری آسہِ ہے۔ پرٛتھ مِنٹہٕ پتہٕ اُس سوژاس کران تہٕ زیکھ لد سُنٛدی پأٹھی اہنرأے کران۔ نوجوانن وُچھ شاید بُجہِ گُن بدلے نظرو یمہِ کنی تسنٛزن اُچھن منٛز بدگُمأنی ہُنٛدی آثار ووتلیہٕ۔

" رٛاسکولنکاف ... اَکہِ ژاپہٕ شُرٕ ... چھُس اَکہِ رِتھ بروٗنٛہہ تہٕ یور

آمُت'' نوجوانن ووٚن اَکی پراژِ۔ اماپوٚ زِیہ ونان ونان زنتہٕ بُجہِ بروٚنہہ کنہٕ رکوٚعس وۆتھ یہِ ژیٚتِس تھاَوِتھ زِتس پزِ وُنکبس یوٚت پلہِ تیوٚت نرمی لاگنی۔

''یادچھُم جنابو...... چون یورِیُن چھُم ژیٚتِس''، بُجہِ ووٚہنس صاف لفظن منٛز مگر شکچیٚو نظروأ سس وُنہٕ مُدے گنٛڈِتھ۔

''اَزتہٕ چھُس بہٕ تمی حاجتہٕ آمُت ......'' رَاسکولنکافن تھوٚ وکلامہٕ جاأری۔ پوٚز بُجہِ ہٕنٛدی شکچیٚو نظرو وُچھنن کوٚ رسخ پریشان۔ ''ہہ...... دِ...... دراصل آسہِ پڈ ہمیشہٕ یہٕ ...... یہٕ تِتھے کنٛز وُچھان...... آ...... ووٚنگوگوڈ نچہِ لٹہِ یورِینہٕ وِزِتھووٕنہٕ مےٚ اور گُن دیان''۔ تُمی لوگ پأنی پانس دلاسہٕ دیُن۔

بُجہِ دیُت رژھادَم...... باسان اوس زنتہٕ گلٕی مُران چھےٚ تہٕ مشورہٕ بدلتھ ڈٕج لبہٕ کُن یُتھ زن نوجوان تس برٛونٛٹھی کنی اندر راژِ۔ کمرس کُن اِشارٕ اَوِتھ وُژھ نوجوانس کُن۔

''اَژیوٚ ...... اَژیوٚ جناب اندر''

لوکُٹ کمرِ یَتھ منٛز نوجوان ژاوتہٕ تیٚچھِن لبن زرد رنگک کاغذ مرِتھ تہٕ داربن چھٕٹِہِ ہٕنٛدی پردٕ اَویزان اُسی اوس لوسہٕ وُنہِ افتابچہِ زِژ اندر ریبنہٕ ستی نپہٕ نپہٕ کران۔

''یہٕ آفتاب آسہِ ہے تمہِ دوہہ تہٕ تِیھے پأٹھی پریٚزلان''، رَاسکولنکاف سنٛدِس دِماغس منٛز ووتلیو ہنگہِ منگہٕ یہِ خیال تہٕ بُجہِ کُنہِ قسمُک اِفشاہ گژھنہٕ ورأے ہیٚژن کمرِ چہٕ رژھہِ رژھہِ سام تہٕ کمرُک سوٗرے نِظام یاد تھاوٕنچ کرِن حتی الامکان کوٗشش کمرس منٛز اوسنہٕ کینٛہہ خاص۔ سوٗرے فرنیچر اوس پرون تہٕ زردلکرِ ہُند۔ فرنیچرس منٛز اوس اَکھ صوفہٕ تہٕ صوفس بروٚنہہ کنہٕ اَکھ ٹھُلہٕ چالہٕ گول میز۔ داربن منٛز باگ اکھ شیشہٕ دار ڈرسنگ ٹیبل تہٕ لبن ستی کینٛہہ کُرسیہٕ۔ لبن پیٹھ اُسی زِ یاترٕنے موموٗلی زرد فریم دار فوٹو آویزان یِمن پیٹھ جرمنی ہٕنٛزٕ اَنہرشہِ کورِ اَتھن منٛز جانور رٕٹِتھ آسہٕ۔ بس یہٕ اوس کُل بُل فرنیچر۔ کمرِ کِس اَکِس کوٗنس منٛز اُس بجلی دزان۔ کمرچ صفأیی اُس پھرنی لایق۔

فرش تہٕ فرنیچر سورُے اوس پزٕ کنۍ گاہ تراوان۔ ''یہِ کیا گیہِ اتھ راوٕنۍ کاٗم'' نوجوانن سوٗنچ۔ کمرٕ اوس تیوٗ تاہ صاف زِ سارسے کمرس منز نیرِ ہے نہٕ روپے برتہٕ لٔش ہ۔ ''ییمن اندرٕ ہمل بجہٕ موٚنڈن ہٕنڈی گرٕ چھِ دراصل ییتیاہ صاف آسانۍ'' رٔاسکولنکاف لوٗگ پیٚہ سونچنہِ تہٕ اُتھی منز تراُون ژوٗرِ پاٗٹھی تتھ اتھرٕ پردس کُن اکھ نظر یُس دوہیس لوکٹس کمرس منز ترنہٕ پنہٕ کس دروازس آویزان اوس۔ اُتھ کمرس منز اوس بجہِ ہُند بسترٕ تہٕ اکھ بوٚڈ بارٕ صندوٗق۔ ییتھ پیٹھ نوجوانس گوڈٕ نظر پییہٕ آسنہٕ۔ ییے زٕ کمرٕ آسی بجہِ ہنٛدِس فلیٹس۔

''وٗنو جناب کیاہ حاجت چھُ؟''...... بجہِ وٚنُس کمرس منز اٗژِتھ سبٹھاہ ترٛ وشرٕ سان...... تہٕ پیٹھ نوجوانس بتھِ سیٚود گوڈٕ نکی پاٗٹھی وُچھنہِ تہٕ ژرٕ ژنہِ۔

''دٕ...... دپیوم اکھ چیز تھاوٕ گروٗ''...... رٔاسکولنکافن وۄن تہٕ چندٕ منزٕ کڈٕن اکھ پرانہِ فاشنٕ زاوِج پٔترٕ ہش چانٛدِ ہنٛزٕ گریتھ پتۍ کنۍ گلوب بناوِتھ اوس تہٕ ییچ چین سٹیلچ اٗس۔

''مگر ژے موکلیوے یوٗ پتمہٕ رتنٛگ مدٕ''

''بہٕ دِمہٕ توہہِ دوٚن ریتن ہُند سوٗ دیکہٕ وٹہٕ۔ مے پیٹھ تھاٗیوٗ منّت''۔

''مگر جناب سوچھے میاٗنۍ کاٗم بہٕ پراراکِنہٕ تھٕنٛد گروتھوومُت چیز نمن یکدم کٔنِتھ...... تۄ ریہٕ فکرِ''۔

''اچھاعلیونا ییتھ گرِ بدلہٕ کوٗتاہ رقم میلہ مے''۔

''ییتھ گریا...... بوٗزٕ جناب ...... تُہی چھِوٗ ہمیشہِ ییے دوٚن پوٚنسن ہنٛدی چیز انان۔ پتمہِ پھرِ دِتی مے چانہِ واجہٕ ترٛیے روٗبل تہٕ اگر یے صرافس نشہِ ژھاروتہٕ بنہٕ یوٗ ہُوٗ واُج بلکہٕ امہِ کھوتہٕ تہٕ اصلی مسادوٚن رُوبلن''۔

''ییتھ ...... ییتھ گرہ دیوٗ تیلہِ مے تُہی 6 روبل ...... یہِ اٗس مے ماٗلی ہنٛز

نِشانی۔خاٗر......مےٚ واتن جلدی پونسہٕ تہٕ بہٕ نمن یہِ واپس"۔

"اگر یہے ژیٚے منظوٗر آسی......اَتھ دِ مے فقط سوٗ ادترٚے روبل بیٚیہ چھُے سوٗد پیشگی دِیُن"۔

"سوادے ترٚے؟......"رَاسکولنکافس ژٔج کرٛ بکھ نیرتھ۔

"کرسا مشوٗر......"تہٕ بُجہِ پلناو نوجوانس گر واپس......تمیٚ رٔٹ گر واپس تہٕ شرارتھ کھوٚتس یۄتاہ زِسہ ژھنہٕ ہے گُنی ووٚٹھ نبر مگر سٹھاہ دربر کوٚ رُن سہٕ تہٕ یہِ یادپیٚنہٕ کنہٕ زِ بیٚیہ کس نشہِ ہیکہِ ہےٚتس حاجت نیرِتھ۔بیٚیہ یہِ زِ تسنٛدِس یورینس چھُ بدلےٚ مقصد۔

"اِ دوولہِ دِ......اِی"نوجوانن وونُس بُمہٕ چاٗرِتھ۔

بُجہِ کجہِ چنٛدِ منٛزٕ کُنزٕ تہٕ ترٛ پردٕ پتھ گُن دوٚیمِس کُٹھس منٛز۔نوجوان اوس گُنے زوٗن سےٚ منٛز کمرس وودنہِ خبر کیاہ سونچان اما پوٚ زگن اَسِس کمرِ اندرِ مہِ آوازِ گُن۔ یمن آوازن اوس یۄتاہ سٔنتھ زِصندوٗق مُژ رواٗنچ آواز تام یۄزِ ن۔

آ......یہِ گژھِ صندوٗقُک ہیٚرِم گب آسُن"نوجوانن نیوٗ اندازٕ کٔرِتھ۔"اچھا...... یہِ چھےٚ کُنزٕ دٔچھنِس چنٛدِس تھاوان......سوٗرے کُنزٕ ترٛونگ چھُ سٹیلہِ کِس اَکِس گرِس منٛز......بیٚیہ چھےٚ اَتھ منٛز زٕ ٹھیوٗ دنٛدواَکھ کُنزٕ تہٕ۔آ......یہِ چھےٚ باقٕے کُنزٕ وکھوٚتہٕ ترٛیٚے ھِسہٕ بڈٕ......یہِ کُنزٕ گژھِنہٕ تمہِ صندوٗقٕچ آسنہٕ یتھ وارِیاہ گب آسن......اِمو کھ گژھِ اَتہٕ دوٚیم کانہہ بوٚڈ صندوٗق آسُن......یژھہِ بجہِ کُنزٕ چھےٚ ہمیشہٕ یتھنے صندوٗقن آسان...... اَم......امیک کیاسہَ گوٚژھ پتاہ لگُن۔اوہ......یہِ کرٛاہ ذلالت چھےٚ......"

اَتھی دوران آیہِ بڈٕ واپس کُٹھس منٛز۔

"وُچھو جناب اَکِس روبلس چھُ ریتُوار سوٗد اَٹھ کوپک کُنٛڈنہٕ یوان تہٕ سوادن دون روبلن چھِ مےٚ امہِ حسابہٕ......اِن......ارداہ کوپک پیشگی رٔٹی۔ووٚنی روٗدی تمہِ زٕ روبل یمہِ مےٚ بروٗنہہ واجِہ پیٹھ دِتی متی چھی تمن چھُ اَمی حسابہٕ کُل سوٗد ژٕ

ژوُہ کوپک واتان ۔ یہِ گوٚ گلس پیٹھ ارداہ تہٕ ژٕوُہ ...... اِ ...... (42) کوپک سوٚد ۔ یہِ واٚلتھ چھُ ووٚنی مےٚ ژٕیےٚ کُن اَکھ رُوبل تہٕ ترییہِ شیتھ کوپک دِنی تہٕ ...... تمہٕ گیہِ نوم"۔

"ہاں ...... بس اَکھ روبل ترییہِ شیتھ کوپک!"۔

"ییٚہِ کیاہ"۔

نوجوانن رٕٹی یم کانٛہہ مُجاولہٕ لاگنہٕ وراٚے تہٕ تراٚون بجہٕ ہنٛدِس بتھِس نظر۔ نیرنک اوٚسُس نہٕ کانٛہہ خیال بلکہِ اوس باسان زِتس چھُ وُنہ تہِ خبر کیاہ وَنُن یا کرُن۔ مگر کیاہ ...... تہِ اوس نہٕ پانہٕ تہِ زانان۔

"بہٕ اَنے اَکھ زٕ دوٚہ گژھِت ژٕیےٚ نِشہ علیونا ایوانونا بیا کھ چیز ......"۔ تٔمۍ دیُت پننہِ پریشانیہِ ژھمبن "سبٹھاہ مولُل ...... چاندِ ہنٛد اَکھ سگریٹ ڈبہ۔ سہٕ پچھےٚ مےٚ دوستن نیومُت تہٕ ییتھے واپس ہیمس بہٕ اَنہٕ ......"۔

"اصلے گو ...... وونگو جناب تِہ گتھ کروتمی وِزِوُ چھِتھ ...... ہنہہ"

"اچھا گُڈ بےٚ" نوجوانن ہیوٚت واپس نیرُن۔

"بہِ ...... ژٕ چھکھا ہمیشہٕ ییتہٕ کُنی زٕنی آسان، ییٚنہٕ چھے ناپانس ستۍ آسان"، تٔمۍ پرژھ تس سبٹھے پٔنُن لارِ گتھ وٕٹس منٛز واٚتِتھ۔

"Mr ...... ژٕیےٚ کیاہ کاٚم تتھ ستۍ"۔

"کہِ ...... کہنٛژ نہٕ ...... ییتھے پرُژھ مےٚ ...... ژٕ چھکھ سخت شکی ...... اچھا Good Bye"۔

رَاسکولنکاف دژٕ اوکمرٕ اندرٕ پریشان حالی منٛز ۔ تہٕ رژھِ پتہٕ رژھِ اوسُس اَتھ پریشانیہِ اند رہُر برگژھان۔ ییٚلہِ سہٕ ہیرٕ وسان اوس سہٕ گوٚ مولُک ہیوٚ اَکِس دوٚن جاین ییتھِ پاٹھی کھڑا زنتہٕ اٚمس اچانک کانٛہہ ووکھٕ خیال آوران اوس۔ ییٚلہِ سڑکہِ پیٹھ ووت تٔمۍ دِژٕ زورٕ زورٕ کربکہٕ "اوخودایاہ یہ سوُرے کوٚتاہ واٚہیات تہٕ کوٚتاہ مُشکل

چھُ۔ یہٕ ہیٚکایہٕ کٔرِتھ ...... یہٕ ہیٚکایہٕ پزٕ کٔرِتھ۔ نہ نہ...... یہِ گیہِ بیوقوفی یہِ گیہِ افرا سیاہی" ...... تہٕ زن ہمت ہش گیٚس دُبارٕ تہٕ لوٗگ وننہٕ...... "اما یہِ خطرناک خیال کیازِ وتلیو میأنس دِماغس منٛز۔ میون دِماغ کمن ووکھ خیالن ہنٛز پیٚنٛی چھُ یران...... واہیات...... مکروہ تہٕ نفرت انگیز خیال چھِ یِم۔ بۄ ہے یِموے وحشت ناک خیالو پتہٕ اکہِ رہتہٕ پیٚٹھ......"

پزٕ رچھُ پی زِ تسند بن خیالن ہنٛز ٹھونسہٕ ٹھونس ہیٚکہِ نہٕ زبان کُنہِ رنگہٕ تہٕ بیان کٔرِتھ۔ کیازِ ونکبس اُس تہنٛز حالت سبٹھے عجیب تہٕ بیانہٕ نبر۔ تہٕ سہٕ شدید جذبہٕ یُس اُمس بُجہِ ہٕندس مکانس کُن نیرنہٕ پیٚٹھے یزادِوان اوس ووت اَتھ حدس پیٹھ زِ تس اوس اَمہِ آولنہٕ منٛز آزاد سپدُن محال باسان۔ تہٕ اَمہِ مصیبت منٛز کمہِ ژھلہٕ بچاوِ پان تہٕ اوسُس نہٕ فکری تران۔ اَتھ سأرسے پترٕ پوٚک سہٕ اَکِس مَست شرأبی سٕندی پأٹھی۔ نہ اوسُس وتہِ پکونین ہُند خیالے تہٕ نہ تمن ستی دکہِ لگنُک اندیشہٕ۔ تہٕ ییلہِ تس ہوش آو سہٕ اوس اَمہِ وِزِ دوٚیمِس کوچس منٛز ووتمت۔ اَنٛدی پکھٕ نظر ادِتھ توٗرُس فکرِ زِ سہٕ چھُ شراب خانس نشہِ کھڑا تیمکِس بڑاندس تام پترِ پیٹھ وتہٕ پأدی بنأوِتھ اُس۔ عأنی اَتھی موقعس پیٹھ دزاے لتہٕ زٕ شرأبی دروازس پیٹھ یمن دِماغ ڈنجہِ اوس نہٕ تہٕ اکھ اَکِس اُس ژانگہِ دزونہٕ لبکہِ کڈان۔ مگر ستی اُسی اَکھ اَکِس پاوبن کھسان تھپ کران۔ راسکولنکاف ووتھ کینٛہہ سونچنہٕ کرنہٕ ورأے کُنی ووٹہِ یمن پاوبن تہٕ ژاو شراب خانس منٛز۔ سہٕ اوس نہٕ ازتام زنٛہہِ شراب خانس منٛز ژامُت مگر ونکبس اوس تس زنتہٕ کلہٕ گیران تہٕ تریشہِ ڈٔدسہٕ۔ تس کنٛیہِ ترنہِ ہیر ہنٛز سخت کل۔ تہٕ پان باسیوس بوچھِ ہِند سببہٕ سبٹھاہ لاریومُت۔ سہٕ بیوٗٹھ اَکِس کوٗنس منٛز ییٚتھ اَکھ لوکُٹ میز تہٕ واریاہ ژھوٹھ اوس یتھ پأٹھی زنتہٕ ہتی لۆکن دأرِتھ دیُت تہٕ بھنان بہانے منگنأون ہیر۔ گوڈنیک ہیرِ گلاسہٕ نیٚوتمہٕ گُنی گزٕ ٹرلیہِ چیتھ۔ یہِ گو ییٚتھ کارگر زِ اَہندی وسخان گے فورأ ییلہٕ تہٕ دِماغ سپدُس روشن

تہٕ خیال آس ڈنجہِ۔

''یہِ گیہ سراسر ناداأنی'' ......تٔمی وۆن پُر امید اندازس منٛز ''بیٚیہِ پزِ نہٕ مے جسمأنی کمزۆری متعلق کانٛہہ والیہِ برُن۔ تِکیازِ یہِ کمزۆری چھےٚ فقط تھکنہٕ تہٕ بوچھِ لگنہٕ کِنی۔ وُچھ اکہِ بیرِ گلاسہٕ تہٕ ہۆچھِ ہرِٛ ژوٚچہِ کھنجہِ ستی آومے یکدم دماغ ڈنجہِ...... وونی چھِ میأنی خیال روشن تہٕ پوٚختہٕ......ناحق اوسُس بہٕ موموٗلی فِکرِ آورومُت''۔

لمہِ پراگنٛدٕ حألی تہٕ حقارت آمیز اندیشو پتہٕ اوس سہٕ وونی ہشاش بشاش زنتہٕ خأرواد بور نکھہِ پیٹھٕ وۆتھمُت اوسُس۔ تہٕ شراب خانس منٛز موجوٗد شرابین پیٹھ ترأوِن بڈٕ دوستانہٕ طریقس پیٹھ نظر اگرچہ عاأنِ اَمی وقتہٕ آوتس خیال زِ تِمن یہِ بشاشت تہٕ لۆکن ہُند دوستانہٕ اندازس منٛز وُچھن تہٕ چھُنہٕ تِمُند موموٗل تہٕ اَتھ تہِ چھُ اَمِیُک خبر گتھ خرأبیہِ ستی تولُق۔

شراب خانس منٛز أسی وونی کمے نفر موجوٗد۔ تِمو دو یو نفرو پتہٕ یِم رَاسکولنکافس شراب خانس مُن پکنہٕ وِزِ ہیرِ پاوِن پیٹھ سمکھے یہِ درلیہِ اَتہِ شرابٚین ہنٛز پانژن مردن تہٕ أکِس کورِ پیٹھ مشتمل اَکھ بڈٕ جماتھ یِکوٹہٕ نیبر۔ یِہنٛدِ نیبر نیرنہٕ پتہٕ اوس اَتہِ شراب خانہٕ خألی تہٕ خاموش باسان۔ وونی یِم لۆکھ اَتہِ موجوٗد أسی تِمن منٛز اوس اَکھ شخص یُس کأری گر باسان اوس سہٕ اوس چیتھ مگر تیوٗت زیادٕ نہٕ۔ تہٕ میزِ پیٹھ چھِ شراب بوتلہِ اوس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ اما پوٚز اوہنٛد اَکھ سأتھی اوس پۆرِ نشس منٛز تِمی اوس سبٹھاہ زیادٕ چیوٚمُت۔ تہٕ وونی أسِن میزس پیٹھے زولہِ ترأومٕژ۔ سہٕ اوس نِندرِ منٛزے برزِ پتہٕ بزٕ نزِ اُونگجن ٹیس کڈان۔ تِمی اوس سورے پان کاڈ کڈِتھ میزس پیٹھ ترومُت تہٕ نرے اوت آسس نہٕ تہٕ اشرٕ ژھِ گمِژ بلکہِ اوس آویزان گوٚمُت باسان۔

أتھی دوران اوس سہٕ کیاہ تام بیٚے مانہٕ بأتھ یِمہٕ آیہِ گیوان۔

''وُریاہ کۆتاہ یِژ پأتھی آشبن پنیٚے لولاہ بورے''

''لولاہ پننٛے آشنہِ بۆرمے کۆتاہ ہے تس لولاہ ہۆرمے''۔

تہٕ مژی اوس زن بیٚد ارگژھتھ ونان۔

''اکہِ دوٚہہٕ وَتہِ پپٹھ تتھ بجہِ وَتہِ پپٹھ ......

لگہٕ ارسا تھاییٚتہِ اوس ہیٚژہِ پپٹھ ......

سمکھے ییم سو آدن یارہ اَکھ زٲنی کاراہ''۔

اما پوٚز ٲہنزِ اَتھ شادمانی منز سپدٕ نہٕ بیٚیہِ کانٛہہ شریک۔ حتیٰ کہِ اوٚہند رفیق تہِ اوس اٲمِس ڈبکس درٕہ کھٲلتھےٕ وُچھان۔ ییمن علاوٕ اوس اَتہِ بیٚا کھ شخصاہ یُس رِٹاۓر کلرک باسان اوس۔ سہٕ اوس لوٚب کُن بہتھ مژی مژی بوتلہِ منزٕ داماہ داماہ تہِ نبٕنگلا وان منزٕ اوس شراب خانس منز بہتھ دوٚیمبن سأتھبن کُن نظر اترٲوِتھ تہُندہ حال سرٕ کران۔ تہنز حالت ٲس ونان زِ سہٕ تہِ چھُ گتھ تام پریشانی تہٕ آوٕرِ لنس منز ہینہٕ آمُت۔



---

۱ روٗسس منز اوس جنگہِ عظیمہٕ برونٛہہ روبل چانہِ ہُندٕ آسان۔ یتھ مول الہ پلہٕ ہندوستٲنی ڈۄ ڈروپے اوس۔

۲ کوپک۔ ہتن کوپکن ہُند گواکھ روٗبل۔

# (۲)

رَاسکولِنکاف اوس لُکہٕ جمہٕ گٔتھِ نِشہِ لۆب روزُن یژھان۔ یہِ زن اسہِ گوڈے وٚون زِسہٕ اوس پژتھ کُنہِ قسمہٕ کہِ سمأجی رِشتہٕ نِشہِ أچھۍ ٹُوان۔ خاص پأٹھۍ پتمہِ کینژِ وقتہٕ پیٹھہِ۔ مگر وُنکبس ووتلییہِ تس دۆیمبن لُکن ستۍ رَلنٕچ میلنٕچ اَکھ زوردار خاہش تہٕ شراب چیتھ زن گھڑِ تس کأنسہِ یارس ستۍ بہنٕچ کأف۔ پتمہِ رِہتہِ پیٹھہِ اوس سہٕ نازیباتہٕ ہأبتناک خیالوٚ تاہ ژٔٹتھ ترووُمت زِوُنکبس اوس تس سکون تہٕ آرامکہِ ضرۄرتگ گوٚن احساس۔ بامے سہٕ سکوٗن اَکی منٹہٕ باپتھ أسی زِہس تہٕ کُنہِ تہِ دُنیاہس منز یا کمہِ تہِ طریقٕک بیٚٹھ زِہس......شاید اوس اوے مۆکھ وُنکبس شراب خانچہِ گندگی منز بہٕن تس سخ خوش کران۔ کیا زِ وُنکبس اوس اَتھ گندٕ ماحولس منز تس کم کاسہٕ سکوٗن ہیوٚ باسان۔

شراب خانٕک مألِک اوس دوٚیمس کمرس منز مگر سہٕ اوس بار بار کینٛہہ قدم ہالس منز تراوان تہٕ واپس اژان تس اوس نوٚ وبوٗٹ کھورن تیچ تو نتھ تیٚلکہِ تِلہٕ پأزارِ کی پأٹھۍ ہیٚو رگُن پھرِتھ أس۔ قدم تُلنہٕ وِزِ اوس سہٕ کھوٚرتتھ پأٹھۍ تھوٚدتُلان' باسان اوس سہٕ چھُ کمرس منز بہتھ باقٕے نفرن یہِ بوٗٹ ہاوُن یژھان۔ نألی اوُسس زیوٗٹھ کوٹ تہٕ کوٹہٕ تٔلۍ کَنۍ کرِہنۍ سدٕری یَتھ تِلہٕ داغ ژاہتۍ أس۔ ٹائے أسس نہٕ لأگتھ کینٛہہ۔ ووٚنۍ ڈٔپیوٚ بُتھ سہٕ اوُسس شیٚشتر گُلفکۍ پأٹھۍ تیلہٕ ستۍ لِتھِ وِتھ۔ کاونٹرس پیٹھ أسی ژِ جوان بہرِ اَکھ آسہِ ہے وہرِ ژٕوداہ تہٕ بیٚا کھ تیٚندِ کھوتہٕ کمے۔ کاونٹرس پیٹھ أسی کینٛہہ کوکرتان کینٛہہ تمنۍ دار ہوٚکھۍ ژوچہِ توسہٕ تہٕ گاڈٕ کُنہِ کینٛہہ۔ اَتھ سأرسے أس یژھ بدبوٗ یوان زِ وأنٕج أس پھٹنس یوان۔ یہِ ہال اوس ژٕوپأری بند تہٕ اگر تتھس بدبوٗ دار ماحولس منز

کانٛہہ فقط پانٛژن منٹن بٔہیہِ ہے تٕس کھسہِ ہے چیٚنہٕ رٚوستے نشہٕ۔" گاہے چھُ یِتہٕ بنان زِ کانٛہہ شخص چھُ گوڈنچی نظرِ منٛز سخت دلچسپ باسان تہٕ کانٛہہ کٔتھ کرنہٕ بروٚنٛہی چھُ سُہ پٔنُن رفیق باسان۔" رَاسکولنکافس تہٕ گیہِ وُنکیس یہے بٲش، سُہ شخص وُچھتھ یُس اَمِس نزدیکی بِہتھ تہٕ اَکھ رِٹاۓرکلرک باسان اوس۔ رَاسکولنکافس کیا زِ بڈیہِ اَمِس شخصس منٛز پیٚژاہ دلچسپی سُہ پیٚو اَتھی خیالس تہٕ آخرس ووت اَتھی نتیجس زِ یہِ چھُ سپدن واجنہِ خوفناک کامہِ ہٕنٛدِ وحشتہٕ کِنۍ۔ اَہنٛزِ نظرِ آسہٕ بار بار کلرکس کُن ووتھان شاید اوٚ موٚکھ زِ یہِ کلرک تہٕ اوس اَمِس کُن وُچھان تہٕ رَاسکولنکافس ستۍ اوس کٔتھ باتھ کرٕنۍ یژھان۔

سُہ اوس ہالس منٛز بِہتھ بٔیس نفرس تہٕ شراب خانہٕ کِس مالکس کُن یِتھہ کِنۍ وُچھان زن تہٕ تِمن بروٚنٛہہ کالہِ پیٹھ پوٗرِ پٲٹھی زانان اوس تہٕ یِمن شراب خانکین اہلکارن پٔنہِ درجہٕ نِش وۍسی پایہِ تصوٗر کرنہٕ کِنۍ نچہ نظرِ وُچھان تہٕ یِمن ستۍ کٔتھ باتھ کرٕنۍ فضوٗل سمجان اوس۔ اَمۍ سٕنٛزِ وانٛس آس پَنژاہ پیٹھی۔ گٔلس خاکستری مَس تُلی کینٛہہ تہٕ بس۔ مَس نیرِتھ ژٕلنہٕ کِنۍ اوسُس ٹھنہِ کلہٕ۔ قد اوسُس درمیانہٕ تہٕ جسم چُست۔ شرابک عادی آسنہٕ کِنۍ اوسُس بُتھ الوٗنٛد تہٕ زرد یومُت تہٕ وَنوے نیلیومُت باسان۔ تہٕ اَچھی ٹاربن اوسُس وۄرم یمو اندرِ اَہنٛزِ ووزجہِ اَچھی شیشہِ بوٗٹنن ہٕنٛدی پٲٹھی ناپان آسہٕ۔ وُچھوَے تہٕ اَہنٛزِ شخصیژ منٛز آس نہٕ کانٛہہ تٔژھ کتھاہ یمیہِ کِنۍ رَاسکولنکاف متاثر سپدِ ہا۔ اَہنٛزِ اَچھ آسہٕ اَہنٛز ذہانت تہٕ ہنا اوہٕنٛد پاگل پن تہٕ ہاوِتھ دِوان۔ اَمِس اوس مالہ جند کوٹ نالی یتھ ماسوا اَکھ باتھ سأری بوٗٹن وۍسی پیاسۍ آسۍ تہٕ سُے بوٗٹن اوس اَہنٛز شرافت ہاوِتھ دِوان۔ بٹن نہٕ آسنہٕ کِنۍ اَس امہِ کوٹہٕ منٛزی یُس لاگی لاگی رِنیومُت اوس کُرتنۍ تہٕ ہیٚ سترِ گاٮٕژ۔ اَتھ تہٕ آسۍ داغ لگیٚ متۍ تہٕ واریاہ مَل کھوٚتمُت۔ دوٚیمبن کلرکن ہٕنٛدی پأٹھی آسہٕ ہے یِتہٕ ریٚش تہٕ گونژہ کاسِتھ تھنہِ بُتھ بناوان مگراز اوسنہٕ اَمۍ واریاہ کالہٕ پیٹھ شیو کوٚرمُت یمیہِ کِنۍ اَہنٛز ہوٚنگنہ پیٚٹھک کاشُر ریٚش اَکھ دورنگہ برُش باسان اوس۔

وۅنگوامہٕ باوجوٗد اوس یہِ طور طریقہٕ کُنہٕ افسرٕ سے باسان پۅز سخ بیقرار۔ بار بار اوس کلہٕ تھوٗد تُلان تہٕ کھوٗ نوٗٹ میزس دِتھ پتہٕ دوٗن اتھن منز کلہٕ چیرٕ رٹان۔ منزٕ اوس اُچھر وال تہٕ بُمہٕ کڈان۔ آخر کار ترٲوِ مٕ رَاسکولنِکافس کُن اَکھ نظر تہٕ پۅرٕ ہیمت دِتھ لوٗگ تس وٕننہٕ۔

''عزتماب! اگر سے جناب تُہند اجازت آسہِ بہٕ کرٕ ہا توہہِ ستی کتھ تارٕ۔ کیازِ میون تجربہٕ چھُ ونان تُہی چھِوٕ شریف طبیعتکی حالانکہِ تُہند ظاہری حال چھُنہٕ کُنہِ قطارکُ۔ یوٗ تام میانہِ دِماغُک تولق چھُ تُہی چھِو جان پٕرِتی لیکھِتی تہٕ شرابُک چھُوٕ نہٕ عادت۔ بہٕ چھُس ہمیشہٕ علمُک قدردان خاص پٲٹھی یِیلہِ جذبات رٕتی ...... تہٕ معقول آسن۔ اوٕ کُنہٕ چھِوٕ مے تُہی قابلِ قدر باسان۔ بہٕ چھُس برائے نام کونسلر تہٕ ناو چھُم مارمیلادف ...... ہنہہ ......کونسلر مارمیلادف۔ ویسے پرٕ ژھابہٕ ...... تُہی تہٕ چھِوٕ نوکری کران؟''۔

''نہ ...... نہ ...... بہٕ چھُس وُنہِ پرانٕے'' رَاسکولنِکافن وۅنُس اُہندِ سیدِ سیوٗد تہٕ حأران کُن طرزِ تکلم ستی مرعوٗب گوٚژھتھ درجواب ...... امہٕ باوجوٗد زِ وُنی رژھ کھنڈ بروٗنہہ اوس اُمس تنہأیِ ہُند بارٕ احساس تہٕ کأنسہِ ستی اوس رژھ پہر گذارنُک طماہ کران مگر وۅنی یِیلہِ کتھِ منز آوٕ نہٕ آو اُمس گوٚ پتمی پٲٹھی حالِ بد تہٕ نفرتُک شدید احساس وۅتلیوس بیٚیہٕ۔ نفرت یوسہٕ اُمس کأنسہِ ستی تھی لاگے سپدنس پتھ وۅتلان آس تہٕ خاص پٲٹھی یِیلہِ اَکھ وۅپر شخص اُمس ستی کتھ کران اوس وۅنی اوس سہ ژرٕنج وۅتھ ژھاران۔

''اچھا گوٚ تیٚلہِ چھِکھ ژٕ اَکھ طالبہٕ علم کِنہٕ ...... کِنہٕ طالبہٕ علم اوسُکھ''۔ مارمیلادفن وۅنُس کرٕ بکھ دِتھ۔ وۅنے نامے پۅز ...... ہاں۔ بہٕ ہے تجربہٕ کار چھُس۔ میأنی مہارت کیاچھے ژٕ پتاہ'' تہٕ اُتھی ستی لوٗگ بڈٕ خود اعتمأدی سان پنُن ڈبکہٕ اوٕ نگجیو ستی وآینہِ۔'' تہٕ گوٚ ژٕ اوسُکھ طالبہٕ علم یا کُنہِ تعلیمی ادارس منز اوسُکھ ...... اچھا خأر ......'' ونان ونان وۅتھ سہ گیراں گیراں پننی بوتل تہٕ گلاسہٕ ہیتھ تہٕ بیوٚٹھ نوجوانس کُن بُتھ

گرِتھ مگر ژھاڈک پاسے تھٕند ہے میزس پٮ۪ٹھ۔ سُہ اوس وُنکبس نشس منز اماپوز زبان
أُسس نہٕ کلے مژٕ۔ بولان اوس طوطہٕ سُندی پأٹھی شأیستگی تہٕ مچھرٕ سان۔ کُنہٕ ز
اوُسس کتھِ ہُند پن ژھینان تہٕ امہِ ساتہٕ اوس گروکھ ننگاوِتھ ...... لفظن زیچھر دِوان
رٚاسکولنکاف لوگ نہٕ تمی کتھن بلکہِ زن روٗٹن پنجن تل تہٕ باسان اوس پٔتمہِ اکہِ ر
پٮ۪ٹھٕ زن تہٕ کأنسہِ انسانس ستی کتھ کرنُک موقہٕ میٛولمُت اوُسس نہٕ۔ "محترم" ووتھ سہٕ
نرمی سان نوجوانس کُن "پوٚز ہے چھُکھ وٕنمُت زِغوٗر بت چھبنہٕ کانٛہہ جُرم تہٕ بےٚ چھ
پتہٕ زانان زِشراب چیٚون تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ رُت گون۔ یہِ تہِ چھُ حق تہٕ پوٚز ...... اماپوٚ
بیچھُن جناب ...... دوییمِن اتھہِ دارُن چھُ ساری کھوتہٕ بوڈ جُرم ...... اکھ اِنسان ہیکہ
مُفلسی منزٕ پننہٕ شان تہٕ پنُن وقار قایم تھأوِتھ مگر بیچھُن چھُنہٕ کأنسہِ کُنہِ لایق تھاوان
کأنسہِ اتھہِ دارنہٕ ستی روزیاہ کأنسہِ یزتھ ...... نہ ...... کأنسہِ نہٕ؟"۔

"اکھ بیچھِ وُن چھُنہٕ فقط سماجہٕ منزٕ نستہٕ رٔٹتھ کڈنہٕ یوان بلکہِ چھُ انسانن ہُندِ صف
منزٕ ے لژٕ ھج دِتھ کڈنہٕ یوان تہٕ گرِدٕ پھلکی پأٹھی چھُ دِننہٕ یوان۔ یتھ زن سماج صاف
پاک روزِ تکیازِ اکھ بیچھِ وُن تہِ چھُ اکھ مُضر جراثیم ...... تہٕ یہِ چھُ بالکل صحیح ...... اپٕ
کرُن تہٕ ...... مگر جناب بہٕ چھُسے سہٕ گوڈنیک نفریُس بیچھنہٕ ورأے رُسواسپد۔ تکیا
شراب خانکی مالکن جناب لیباز تنکوفن دیُت اکھ ریتھ برونٛہہ میانہٕ خاندارنہِ خطرناک
مار ...... سو بچارٕ لگہِ ہے نہٕ اتھ۔ سوچھےٚ نہٕ میأنی پأٹھی بلکہِ چھےٚ سو سبٕٹھی مختلف۔
ژےٚ تو ریہ فکرٕ؟ ...... اچھا وونی دِمے بیاکھ سوال پرژھنُک اجازت۔ جناب! ژ
چھیا کانٛہہ راتھ گاسہٕ ناوِ پٮ۪ٹھ کُنہٕ سمندرس منز گنڈ اُرمژٕ؟ "

"نہ جناب ...... ازتام نہٕ زانٛہہ ......" رٚاسکولنکافن پرژھس جوابا امہِ نا
ترلسہِ سوالُک کیاہ مطلب چھُ۔

"جناب وُنی آس بہٕ یتھے ناوِ پٮ۪ٹھ راتھ گنڈ اُرِتھ تہٕ یہِ چھےٚ پنٛژٕ وٕم راتھ یو

مےٚ ازتاں گاسہٕ ناوِ پٮ۪ٹھ گذأر......" أمی پھیُر بوتلہِ منز شراب گلاسہٕ تہٕ گرٛٹھرٲیہ نیٚون خٲلی کٔرِتھ ۔ امہِ پتہٕ دِتُن رژھ ہِ کھنٛجہِ دَم ۔ گاسہٕ کرٚیچہ آسہٕ پزی أہنٛد بن پلون تہٕ أہنٛدِس مستس وُنہِ لٲرِتھ تہٕ بالکل صاف پٲٹھی اوس ننان زِ أمی آسنہٕ پتھمبن پانژن دوٚہن سران دیان کوٚرمُت یا پلو بدلٲیمتۍ ۔ خاص پٲٹھی أسی أہنٛدی اتھ زیادٕ کھرٕ وِنی ۔ موٚڈی تہٕ وٚوزٕ لی زٕہٹھ زٕہٹھ نم گٔرِتھ یمن منز کرہُن مل جماہ اوس ۔ فِکرِ اوس تران زِ أہنٛز کتھٕ اُوس اتھ موجوٗ دپزتھ کانٛہہ نفر دلچسپی سان بوزان ۔ گوٚنٛڈرس پٮ۪ٹھ موجوٗ دٕ زٕ بہرٕ لگی لوٚتہٕ لوٚتہِ اَسنہِ ۔ تہٕ شراب خانٛک مٲلک تہٕ آوہیٚر مہٕ کمٕ منز نیرِتھ أہنٛزٕ اَسنہِ لایکھ کتھٕ بوزنہٕ باپتھ ہالس منز تہٕ بیوٗٹھ میلادوفس رژھاذٕ رزامن کران کران مگر بڈٕ وبقار سان ۔ باسان اوس مار میلادوفس زانہِ ہے لتہِ پزتھ کانٛہہ نفر تہٕ أمس چھےٚ گوٚڈٕ پیٚٹھے شراب خانس منز پزتھ کانسہِ نوٚس پنہٕ وأرلس ستۍ براہِ راست کتھ شروع کرنچ تہٕ وٚتھی پوٹھی پٲٹھی الفاظ استعمال کٔرِتھ زٕہٹھی زٕہٹھی تقریر کرنچ کمزوٗری روٗزمژ ۔ یہِ عادتھ چھُ کینٛون شرابیٚن منز اہم ضروٗرتھی پٲٹھی ووتلان خاص پٲٹھی تمن شرابیٚن منز یمن گرن منز پابند روزُن پیٚوان چھُ ، یمن چاأنٹھی گنڈدِنہٕ یوان چھُ تہٕ یمن کوٚس روزان چھِ ۔ اِوموٚکھ چھِ تم دوٚیمبن شرابین منز پننی شخصیت واضح کرنچ کوٗشش کران تہٕ اگر ممکن سپد ییکھ دباو ترأوِتھ چھِ تہنزن نظرن منز تھوٚ دمقام پزاونچ کوٗشش کران ۔

"جتہِ گوٚر!" شراب خانٛکی مٲلکن ووٚننس ۔ "أخر ژٕ کونہٕ کانٛہہ کٲما کران کراوان ۔ ہاں......اگرے ملٲزِم چھکھ ژٕ کونہٕ ڈیوٗٹی گرٛھان؟"

"یعنی بہٕ کیازِ چھُس نہٕ ڈیوٗٹی گرٛھان...... جناب" میلادوفن پھیُر یہِ سوال رَاسکولنکافس کُن مُخاطب سپدِتھ تمہِ آیہِ زنتہٕ تمی سوال پرٛژھنس ۔ "بہٕ کیازِ چھُس نہٕ کانٛہہ کٲم کران؟ کیا میانہِ بیکارتہٕ بےٚ مطلب زندگی پٮ۪ٹھ چھےٚ نامیٲنس دِلس بسر لگان تہٕ بہٕ چھُسنا سونچان زِ بہٕ أکھ بےٚ فٲیدٕ مٔنٛز کیٚم؟ اَکہِ رِیتھ بروٗنٛہہ یلہِ

لیباز نکوفن میانہِ گرِ واجنہِ ماردیِی دِپی ہڈ کڈی بۓ اوٗسُس شرابکس نشس منز مست۔ کیاہ مےٚ چھُنا تمیک افسوٗس؟ جوانامےٚ دِپی زِمعافی......یہِ پرژھنس پیٹھ......م م......میانی پاٗٹھی ماپچھے ژیِےٚ تہٕ زانہہ قرضہِ میلنہٕ باپتھ ناحق درخواست کرُن پیومُت؟

''آ......ضروٗر......مگر یہِ ناحق ونُنگ مطلب''

''ناحق......چھُ حدٕ روٗس معنی تھاوان...... مثلن توہہِ چھُ مولوٗم درخواست کرنہٕ پتہٕ تہِ نیرنہِ کینہہ یہِ چھُ بروٗنہی پتاہ زِ یہِ شخص یَس قرضہٕ ہیٚنہٕ باپتھ دامن رٹُن چھُ کڈٕنہٕ کُنہِ صوٗرتس منز خبر کوٗ تاہ زارٕ پار کرنہٕ یِنہٕ باوجوٗ دتہٕ حاجت تہٕ امہِ سنگدل خصوٗصٕ ـکنی چھُ یہِ آدم پوٗرٕ شہرس منز اَکھ مثال بنیومُت' کنجوٗسی ہنٛز مثال۔ ووٗنی زن کرےٚ بۓ ژےٚ یہِ سوال زِ سہٕ کیازِ دِپی پونسہٕ ووٗزم؟ ییٚلہِ زن تس پوٗرٕ پاٗٹھی مولوٗم چھُ زِ بۓ دِمس نہٕ کینہہ واپس۔ چون جواب آسہِ ہمدردی تہٕ اِنصافٕ ـکنی۔ مگر جناب لیبز یاتنکوف چھُ چھونکہِ اَکھ جدید ذہن تھاوُن وول نوٚ خیالُک اِنسان تمی تورمےٚ درخواست دِنہٕ پتہٕ دوٚیمہِ دوہ پوٗرٕ پاٗٹھی فکرٕ زِ یتھ سائینسی دورس منز چھےٚ ہمدردی دفن کرنہٕ آمژ تہٕ یہِ لفظ زیٚو پیٹھ ہیوٚن تہٕ چھِ منع...... اِی چھُ ازکل انگلستانسِ منز سپدان پیٚنچ اکانومی' 'اقتصادیات' دُنیاہس منز مشہوٗر چھےٚ۔ ووٗنی پرژھے ژیِےٚ ہیٚیہٕ تمِس کیاہٕ ہُتھ آوٗ زِمےٚ دِیہِ قرضہٕ۔ یہِ پتاہ آسنہٕ پتہٕ تہِ زِ لیبز یاتنکوف دِیہِ نہٕ دوٗمبری تہٕ توتہِ گوسےٚ بۓ تمی سےٚ کھوررٹنہِ تہٕ......''۔

''تیٚلہِ کیازِ گوکھ ژٕ تور'' ......رَاسکولنکافن پرژھنس۔

''ٹھیک چھُ......مگر ییٚلہِ انسانس کانْہہ اَوٗ آشناو آسنہٕ تیٚلہِ کُسُنْد گرٕ گژھِ! پرژھ انسانس گژھِ کانْہہ نتہٕ کانْہہ ڈوٗکھ آسُن۔ تکیازِ کُنہِ وقتہٕ چھُ ناچار کانْسہِ نِشہِ گژھُن پیٚوان۔ میانی کوٗر ییٚلہِ گوڈنچہ لٹہِ پیٚنجہ پیٹھ بیہنہِ درایہِ مےٚ پیٚو تور گژھُن...... (منزی ونہٕ ہوٚ میانہٕ کوٗرِ چھےٚ جِسم فروشی ہنٛز لاسن)''۔

پتم لفظ وُنی تمی رَاسکولنکافس کُن مُدےٚ گنٛڈتھ ہناز ورٕدِتھ تہٕ بیہوٗد دوٚیو خُرد

وٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اسُن ...... حتیٰ کہِ شراب خانہٕ کِس مالکس تہٕ گُمنے وُٹھ۔ '' کینٛہہ پرواہ چھُنہٕ ...... جناب اِچ کیاہ فِکر چھےٚ۔ '' مارمیلادوفن دۄن رَاسکولنکافس جلد جلد یمن کُن نظر ترٲوِتھ '' جناب کہنٛژ پرواہ چھُنہٕ! مےٚ چھےٚ نہٕ یمن ہٕنٛدِ کلہٕ گلناونہٕ ہسُتۍ یا اسنہٕ ہسُتۍ کانٛہہ منٛد چھ باسان۔ تِکیازِ اِچ چھےٚ بروٛنٛہہ سارنۍ خبر تہٕ یہِ سر چھُنہٕ ووٚنۍ سر رۆدمُت کینٛہہ ...... بہٕ چھُس یہِ سوٗرے برداشت کرنہٕ خاطرٕ تیار۔ ذلت یا حقارت محسوٗس کرِتھ نہٕ ٲنٛز کہِ اِنکسٲری تہٕ عاجزی کِنۍ۔ تُلیوٚ ترٲیوٚ یہِ گتھ۔ ژٕھنیوٚ اَتھ بلاے ...... ژٕٹیوٚ تسنز (لیبز یا تنکوٕفنۍ) کتھ۔ جوان مےٚ دِیہ زِمعاًفی ژٕ ہیککھا ...... نہ بہٕ وننے ژیےٚ یتھٕ کنۍ صاف لفظن منٛز ژٕ ہیکھنہٕ مگر ...... ژیےٚ چھیا یوٚت جگرٕ زِ مےٚ ڈُچھِت ونکھ وثوٗقہٕ سان شوٗٹھ کیا چھُنہٕ اَکھ سور؟''

رَاسکولنکافن وۄن نہٕ درجواب اَکھ لفظ تہٕ۔

'' وِلٕ '' ...... ہالہٕ اندرٕ نیبرٕ اَسن کھنگالہٕ تھمنٛک انتظارٕ کرنہٕ پتہٕ لوٚگ سُہ بُڈِتھ بۄلِتھ وِنہٕ۔ '' چلو ترٲیوٚ شوٗٹھ چھُ پزی اکھ سور مگر میانۍ گرٕ واجبن چھےٚ یزتھ بنٛد خوتوٚن۔ بہٕ چھُس اَکھ گُپُن اَکھ ڈٕرنٛدٕ مگر کٹیر ینا ...... میانۍ گرٕ واجینۍ چھےٚ اَکھ پُرٕ مژٕ لیچھمٕ زنانہٕ۔ مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ اِنکار زِ بہٕ چھُس کمینہٕ مگر سو چھےٚ اَکھ رحمدِل زنانہٕ تا اَلیم پرنہٕ کِنۍ چھِہ تسنٛدۍ خیالات شوٗژۍ شوٗدۍ تہٕ تھٔدۍ۔ مگر جناب افسوٗس ...... پزا رٕژ آسنہٕ پتہٕ تہٕ چھُنہٕ تس میون اَکھ رژھ احساس۔ محترم ...... ژےٚ چھےٚ پانس مولوٗم زِ پزِتھ کانٛہہ مرد چھُ پننس گرس منٛز اکھ تھوٚد درجہٕ پراوُن یژھان مگر کٹیر ینا ایوانو ونا چھےٚ اعلیٰ ظرف آسنہٕ باوجوٗد مےٚ ہسُتۍ نااِنصٲفی کران۔ ہاں یتہٕ چھُس بہٕ محسوٗس کران زِ سو چھےٚ نہٕ میانۍ حالت ژٕرِتھ ہیکان تہٕ تس چھُ مےٚ پیٹھ رحم یوان اوے کِنۍ ییلہِ نہ بہٕ باز پھیران چھُس سو چھےٚ مےٚ مستس لمان۔ جوانا مےٚ چھےٚ نہٕ یہِ ونُس پیٹھ کانٛہہ منٛدٕ چھ گژھان ...... گوڈٕ منٛد چھ کیازِ گژھم سو چھےٚ مےٚ مستس لٔمی لٔمی سوٗرے بٔتھ کڈان ''۔ تمۍ وۄن گوڈنکہِ کھوتہٕ

زیادے پُر وقار طریقہٕ۔ ہُمن بوزن والین ہُنٛد اسُن بوزنہٕ ستی زن لُجس گربکھ تہٕ تھوٗون کلامہٕ جاری '' کاش...... کاش میانہٕ خودلیہ !اگرے سواکی لٹہٕ ؛ بس اکی لٹہٕ...... نہ نہ ...... یہٕ گوٚ فضوٗل بکواس۔ امہِ بکواسہٕ منٛزٕ نیرنہٕ کانٛہہ فایدٕ تکیازِ میانٛی یہٕ شکایت گرتمہٕ واریاہ پھرِ دوٗر۔ تہٕ میانٛی یہِ خاہش گژن پوٗر...... دراصل چھُس بہٕ اَکھ موٗلہٕ گُپن۔

'' شاید کوٚژ شراب خانکی ماأ لکن زامن کرنس دوران امہِ کتھِ ہُنٛد اعتراف تہٕ مار میلا دفن لوٗوے یا شاہ گرِتھ میزس اَکھ زوردار مُش۔

'' وُچھتہٕ ! میون قسمت کیُتھ چھُ...... جناب ژےٚ چھُیہٕ پتاہ مےٚ چھُ شراب چێنس پٹھ تسُنٛد ( خاندار نہٕ ہُندنا ) پزتھ کانٛہہ چیز گُنمُت۔ فقط نہٕ بوٗٹ...... بوٗٹ تہٕ چھُ اکہِ نتہٕ بێیہٕ زنٛگی جاداد کسی شُمارس منٛزٕ یوان۔ تسنٛدی باقے ساری چیز سرٕ وگی یا دژگی گنٛزٕ مےٚ شراب خاطرٕ۔ حتیٰ کہِ دچھ بوٗٹہِ داریمہٕ شال تہٕ گُنم، یُس تس سبٹھاہ بروٗنہہ کالہِ کمہِ تام ڈالی سوٗزمُت اوس۔ گوکہِ یہٕ اوس تس پٔنُن نہ زِ میون...... تمہٕ شالچ اُس ازکلہٕ سخ ضرورتھ تکیازِ اُسی چھِ ازأ کس سرد کمرس منٛزٕ روزان...... تہٕ یٔہس کہِ وندٕ کوٚژن تمِس نزلہٕ ، وونی چھبس ژاس یوان تہٕ رتہٕ تھوکہٕ وو تھان۔ اسہِ چھِ ترےٚ موصوم شُری۔ بچأر موج...... کیٹرینا ایوانونا چھکھ نہٕ صبحہ پٹھ شام تام کامہِ تلہٕ موکلان۔ لوٗن ڈوٗن بانہٕ چھلنٛی چھوٚ گنٛزٕ تہٕ شُر بن سران دیان کرُن تہٕ تہنٛد بن پلون گرائے کڈنی چھُ تسُنٛد موموٗل تکیازِ سوچھےٚ پانہٕ لوکچارٕ پٹھے بڈ نفاست پسندرو زمژ۔ اماپوٚ زو ونی چھبس چھاتی کمزور گامژ تہٕ فکرٕ چھُم تران تس ماچھےٚ دیقہ بیماری وُژھمژ۔ ژ ہلکھایہٕ سوٚنچتھ زِ بہٕ چھُس نہٕ یہٕ محسوٗس کران۔ بوزبہٕ یوٗتاہ زیادٕ شراب چێوان چھُس تیوٗتازیادٕ چھُم یہٕ احساس یتھ وانٛجہ سنان۔ یہے چھُ وجہ زِ بہٕ چھُس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ چێوان بہٕ چھُس اُتھی شرابس اندر ہمدردی تہٕ سوٗن احساس تلاش کران۔ شراب چھُس بہٕ فقط اوٚ موٚکھ چێوان زِ میأنس دِلس بیہ (تس پتہٕ پانہٕ ہُندِ کھٕہ) دگیہ بار...... اُتھی ستی زنتہٕ مایوٗس

گوٗڈِتھ دیُت تمۍ میزس پیٹھ کلہٕ بوٚن کُن داٗرِتھ۔

''جوان''...... میزٕ پیٹھٕ کلہٕ تھوٚد تلان تلان سپُد سہٕ رٲسکولنکافس کُن بیٚیہٕ مُخاطب ''مےٚ چھُ چانہِ بتھِ پیٹھٕ دِلُک کیاہ تام دود لبنہٕ یوان۔ یہٕ زن مےٚ تمی ساتہٕ بوزُن توٚگ۔ییلہِ ژٕنے کمرس منٛز قدم ترٲوِتھ تہٕ اَمی کِنۍ گرمےٚ فورن ژٕنے ءستی کتھ باتھ شروع۔ حتیٰ کہِ میانہِ زندگی ہنٛز اٗلِف لٲل گۄڈ ہِ ژٕنے پیٹھ روشن۔مےٚ چھُنہٕ یہٕ ڈٲلیل پھرٕنک مقصد، یِم ڈٕنٛٹھ تہٕ مُڈٕی بوزن واٗلی اَسناونک، یِمن میانہِ امہِ دلیلہِ ہُنٛد پوٗرٕ علم چھُ بُلکہِ چھُم تِتھس اَکِس نفرٕ سُند تلاش یُس حساس تہٕ پوٗرمُت لیٚو کھمُت آسہِ یُتھ زن تس میون دود فکرِ ترِ۔ یہٕ کتھ تہِ ونے ژٕنے زِمیاٗنی خاندار بن چھےٚ اَکِس افسرٕسنٛز کوٗر آسنہٕ کِنۍ اکہِ تھدِ پایکہِ سکوٗلہٕ منٛز تعلیم پرِتھ دراہٕ تہٕ سکوٗلس منٛز کوٗرتمہٕ الوداعی تقریبہٕ پیٹھ گورنرس تہٕ دوٗیمین اعلیٰ افسرن بروٗنٛہہ کنہِ تیُتھ رقص زِ تس آوا اکھ سوٗنہٕ سُند میڈل تہٕ اکھ میرٹ سرٹفیکیٹ دِنہٕ۔سہٕ سوٗنہٕ سُند میڈل...... ہاے خاٗرسہٕ سوٗنہٕ سُند میڈل کُن اَسہِ ......تیٚلی...... ہِنہٕ ......اما پوٗزٕ سو سرٹفکیٹ چھےٚ وُنہٕ تسنٛدِس صندوٗقس منٛز موجوٗد۔ سو ہاٗو تمہٕ اُوترے پنٕنہِ مکانہِ ماٗلکنہٕ ییٚتہِ اَسہِ کمرٕ کرایہ پیٹھ روٗٹمُت چھُ۔ حالانکہِ مکان ماٗلکنہِ ءستی چھُنہٕ تس زانہہ تہٕ صلاح آسان مگر تو تہٕ ہاٗونس سرٹفیکیٹ اِمو کھہِ زِ سوٗاس اَکِس یا بیٚیس پننہِ پتھ کالچہ یِزِتھ بند تہٕ خوشحال زندگی نسبتھ باخبر کرٕنی یِژھان۔ یِمہِ بدلہٕ ازتس اِفلاس تہٕ غور بتھ گُلہِ میوٗٹھ تورُمت چھُ۔ بہٕ چھُسن نہٕ امہِ باپتھ سو مجرم مانان نہٕ چھُس تمِس امہِ باپتھ کانٛہہ چھُ کھاران تکیاہ زِ اگر پتھ کالُک تس نشہِ کینٛہہ پلہِ چھُ سہٕ چھُ بس یِے یادٕ تہٕ باقےٕ سورٕے چھُ گرٕدِ بزٕی گومُت۔ اوٚہ...... اوٚہ ...... سو چھےٚ اکھ نیک ...... اعلیٰ دِمباغ تہٕ حوصلہٕ منٛد خوتوٗن۔سو بچاٗرٕ چھےٚ فرشس تام پانے ڈٗوان مگر دِہ گاٗمٕژ ہوٚچھِ ژوٚچہ کھنٛجہِ بغاٗر چھُس نہٕ کھیٚون کیُت کٕھنٛی تہٕ بیٚتان۔ امیک چھےٚ نہٕ بچاٗرکاٗنسہٕ نِشہِ شاہ تہٕ کڈان تکیاہ زِ سو چھےٚ نہٕ یِژھان لوٗکھ وُچھن تس نچہِ نظرِ۔یو ہے چھُ وجہ زِ تس گونہٕ

لیباز تِنکوفُن ناروا سلوٗک برداشت۔ییٚلہِ تمۍ تس بچارِ دگہٕ مار کوٚر تمہِ ہیٚوت دِلس پیٹھ تہٕ واریاہس کالس روٗز بسترس منٛز دَبہٕ لرِ۔ سوٗ أس موٗنٛڈ ییٚلہِ مےٚ تس ستی نیتھر کوٚر۔ گوٚڈنِکس خاندارٕ سٕندی أس تَس ترےٚ شُری یمن واریاہ زِٹھہٕ کأنس أس۔ گوڈنیک خاندار اوسُس فوجس منٛز افسر۔ تس ستی اوس تمہِ مس میلہِ خاندر کوٚر مُت۔ سوٗ أس أمِس خاندارس أچھنےٕ وُچھان تہٕ پاوٕ مینان۔ مگر تس ژاو زار گِندنُک چسکہٕ تہٕ سہٕ آو زارس منٛز ہارنہٕ۔ کنٛہٕ سخ مصیبتس اندر ییٚنہٕ۔ سہٕ ہیٚوک نہٕ مصیبت ویٚترأوِتھ تہٕ أخرموٗد أتھی بدحألی منٛز۔ پتمین دوٚہن اوس سہٕ تس سخ شلکھ دِوان۔ حالانکہِ سوٗ تہِ أسس نہٕ کینٛہہ چھڈان تیٚیچ مےٚ نِشہِ شبقہٕ شہادت چھےٚ۔ اما پوٚز از چھےٚ تسُند ناوٕ ہیٚنس پیٹھ أچھو ہُنہِ باران ہاران تہٕ بیٚیہِ چھےٚ تس مےٚ پیٹھ بجر دِوان۔ بہٕ چھُسے خوش......آ......

بہٕ چھُسے اوٕ کنٛہٕ خوش زِ محض خیال آرأیی سہی مگر تس پزِ أز یٚک غم غلط کرنہٕ خأطرٕ تمن دوٚہن ہنٛزِ خوشحألی متعلق ضروٗر سوچُن کیازِ یتھٕ کنٛہٕ چھےٚ تس وونٛدس شہلتھ ہش پیٚوان۔ سہٕ خاندار مرنہٕ پتہٕ أس سوٗ أکس دوٗر وأران جہات جنگلس منٛز پیأمٕژ۔ تہٕ بہٕ تہِ اوسُس قسمتہٕ ستی یمن دوہن تتی۔ سوٗ أس امہِ وِزِ ترٛےٚ شُری ہیتھ ترٛشہِ مُفلسی تہٕ تیتھ غُربتس منٛز ییٚنہٕ آمٕژ تیٚیچ نہٕ کانٛہہ مِثال دِتھ ہیٚکہٕ۔ حالانکہِ مےٚ چھُ زمانُک سبٹھاہ سرد گرم وُچھمُت۔ أہند بوانگ أشناوتہِ أس أہنٛز کنٛی آلوتھ ترأومٕژ مگر امہِ تہِ نوٚمہٕ رأونہٕ گردن أمِس اوس اَتھ پٔننہِ خودداری پیٹھ حدِ کھوتہٕ زیادٕ ناز۔ توباہ خودداری چھم وُچھمٕژ جناب......مگر خأر......امہِ پتہٕ جناب چوٗنکہِ بہٕ تہِ اوسُس امہِ وِزِ وورُد تہٕ گوڈنچہِ زنانہِ ہنٛز أمسم ژوٚداہ وٕرِش اَکھ کوٚر تہٕ بہٕ گوس أمِس ہلم دأرِتھ تِکیازِ مےٚ ہیٚوک نہٕ أمی سُند یہِ حالِ بدٕ زرِتھ۔ ژہیٚکھ پانٕنے اندازٕ گرِتھ اہنٛزِ بےٚ کسی تہٕ بےٚ مایہِ گی ہُند کیا حد آسہے زِ یژھ پرُمژٕ لیچھمٕژ......مہذِب تہٕ اعلیٰ خاندانٕچ کوٚر گیہِ مےٚ ستی خاندر کرنس پیٹھ رضامنٛد۔ تہٕ ودان رِوان تہٕ افسوٗسس ژوچہِ کران کوٚرُن مےٚ ستی

نکاح تکیازِ دوٕیم کانٛہہ ٹھکانہٕ نہ آسنہٕ ۔کنہِ اوس نہٕ تس پوت پھیرنس وار۔ تورِیہ جناب فِکرِ...... ہنہ...... ژےٚ تورِیہ فکرِ ...... دوٕیم کانٛہہ سوبن سایہ نہ آسنک کیاہ چھُ مطلب؟...... نہ کینٛہہ تورُےنہٕ وُنہِ فِکرِ!...... مےٚ جناب گرٕ پوٗرٕ أکِس وٕ رِیس ژُکہ سان أہنزٕ ناز بردأری تہٕ پنٕن فرض ووٗلُم سو دِلہٕ نکھٕ تہٕ یتھ (اوٗنگجہٕ سٍتی بوتلہِ زیر دِتھ) ...... یتھ لوٗگُم نہٕ اتھٕ تہِ۔ تکیازِ مےٚ تہِ چھُ احساس ...... مےٚ منٛزٕ تہِ چھُ دِل...... مگر...... پتہٕ ہیوٚکسن نہٕ بۓ سو خوش تھأوِتھ۔ کینٛہہ کال گژھتھ کوٚ ڈ ہس بۓ ملازمتہٕ منٛزٕ تہٕ سہٕ نہٕ کانٛہہ غلطی سرزد سپدن سببہٕ...... بٔلکہِ دفتری ادلا بدلی ۔کنہِ ...... یُہے بنیوٚ ساتھ شراب اتھس کینٛتھ ٹلنک۔ یُہے آسہِ تنہٕ ڈوڈوٗری ہیوٚ گومُت زِ أسۍ أےوارِیاہ کھوٚنٛدی کھینہٕ تہٕ دربدر پھیرنہٕ پتہٕ یتھ لاتعداد یادگأری عمارژ وٚسٍتی آراستہٕ عظیم الشان راز دلنہِ اندر۔ ییٚتہِ تہِ بنیہ مےٚ ملازمت...... مگروٗلی وٗلی چھٲلِم تمہِ نِشہِ تہِ اتھٕ۔ ووٚنگواتنتھ اوس مےٚ پنٕنے قصوٗر تکیازِ مےٚ آیہِ پنٕنہِ کمزوٗری وُگرِتھ...... ووٚنی چھُ اَسہِ فیودر ہِنٛدِ مکانہٕ منٛزٕ اکہِ کمرُک نصف کرایہِ پیٹھ روٗژمت۔ مسامسا چھِ گذارٕ کران تہٕ کرایہ ۔کتھٕ کنہِ چھِ نکھٕ والان بہٕ ہیکہٕ نہٕ تہِ زیوٚ پیٹھی أنتھ۔ أتھ مکانس منٛزٕ چھِ بیٚیہِ تہٕ وارِیاہ لوٗکھ روزان۔ تہٕ چھُ یوٗت ژھوٚٹھ تہٕ یژھی بےٚ ترتیبی، باسان چھُ یُہے کبأڈی خانہٕ ہیوٚ۔ ہم...... اَ ...... اچھا...... ییٚتِس وقتس منٛزٕ...... سپٕزٕ میانہِ کوٚڈنچہِ خاندارنہِ ہٕنٛدِ ڈیچ کوٗرتہِ بالغ تہٕ اَمہِ ووٗزٕ ماجہِ کمہِ کمہِ رنگہٕ تل تس اوٗ تام ستاو بہتر چھُ بۓ کرٕنہٕ سُہ ذِکری تہٕ کیازِ کٹیر ینا چھےٚ سبٹھاہ رٕژ تہٕ حساس مگر توپتہٕ تہِ چھےٚ سو شرارتی تہٕ مزازٕ ۔کنہِ تیز...... خأر...... ووٚنی کیانِیر یمن گتھن پھیرُ دِنہٕ تلہٕ۔ تہٕ سونیا میأنی یونٛچ کوٗر، ژےٚ ماگژھی خیال چھےٚ اَنیرٕ۔ مےٚ کرےیہٕ ژورٕ وٗری بروٗنٛہہ سو جغرافیہ تہٕ دُنی یہٕنکِس توأرِیخس نسبتھ پرناوٕنی شروع چوٗنکہِ مےٚ اوسنہٕ پانس یمن سبجکٹن پیٹھ پوٗرٕ دسترس تہٕ نہ آسہٕ تس فایدٕ منٛد کتابےٚ دستیاب۔ اَہنسا کمہِ کتابہٕ آسہٕ اَسہِ ...... ہاں...... وٕنکبس تہٕ چھینہٕ تمہِ

کتابہٕ اَسہِ نِشہِ بہم تہٕ یتھٕ پاٹھی لوگ میانبن ہد ایتین اُتی انڈ بوٗر۔ مےٚ پرناوِے سوپرشیا یعنی فارسی بادشاہ سارِین ہنٛدِس زمانس تامت تواریخ تہٕ یتہٕ سونیا جوان سپدنی ہیٚژن تنہٕ پرتمہِ عشقیہِ کتابہٕ بڈٕ چسکہٕ سان۔ تہٕ بیاکھ کتاب یوٗسہٕ تمہِ دِل دِتھ پرٕچھے لوس ہنٛز عضویاتس متعلق کتاب یوٗسہٕ تس لینبازتنکوفن دِژاَیہِ۔ ژےٚ چھیٚتھنہٕ یہِ پرمژ۔ سوٗ اُس امکی اقتباس وِزِوِزِ اسہِ تہٕ بوزناوان۔ اِدکیایہِ چھےٚ تسنٛز کُل تالیم۔ اچھا جناب ووٚنی زن پرٕژھاےٚ بہٕ ژےٚ بیاکھ نجی سوالاتہٕ۔ سہٕ یہِ زِ ژےٚ چھُیا اندازٕ اَکھ خاندٲنی شریف مُفلِس کوٗرکیاہیکہٕ ازکل ایماندٲری پٹھ جان پونسہٕ ٹونکھ کماوِتھ؟ سوٗ ہیکہِ نہٕ جناب پنٛداہوگو پکو (Copeck) علاوٕ دوٗ نبری تہٕ کماوِتھ۔ اگرلڑکی پزی یزتھ بنٛد آسہِ تہٕ دوٚہیم کانٛہہ خاص ہنٛر آسبس نہٕ تہٕ عارقس تہٕ پانس کُنے گرِتھ تہٕ ہیکہٕ نہٕ کینٛہہ کماوِتھ۔ یِیمہِ کھوتہٕ علاوٕ کیاہ وونے زِ میانہِ کورِ سونیاہن بنایِو پننٛہ نم ژٕٹھ سِول کونسلرایوان ایوانوچ ہنٛدِ باپتھ نو وپوشاک (ژےٚ ماآسی تمی سُند ناو بوزمُت تہٕ) ہنٛتھ تہٕ للنچہ شیٚنے قمیضہٕ تہٕ تمی دِتس نہٕ کھونڈ پونسہٕ تہٕ موٗزوٗری تہٕ بیٚیہِ گرٕنس سوہوٗنی ہائیڈ' کیا سہہ کالرٲسی نہٕ تمی تمن نموٗنہٕ مُطابق بناوِمتی تہٕ رژھاٲسی ہٕلی گاٲمتی تہٕ اوس ہٕلی بہانہٕ۔ کھوٗتی دِوان کڈن گرٕنبر لیکہٕ تہٕ فوٚضحت گرِتھ۔ تہٕ یپٲری اَسی گرِ موصوم شُری بچٲری بوٚچھِ ہتی مران ...... کٹیر ینااُس بیٚقرار۔ ہیٚرِ بوٚن تہٕ بوٚنہٕ ہیٚور کران۔ سوٗاُس گٔلی موٗران تہٕ بتھِس آسس نار بریہہ ووتھان برابراکہٕ موٗزی بمارِ ہنٛد بن لوٗکن ہنٛدی پاٹھی۔ واپسی پتھ گیہِ تس میانٛی خاندار بن رانٹس ہش اگادِ۔ ونان اَسس ژہے ییتہٕ پانس وٚشنیر کران چھکبھ تہٕ کھیٚوان چوان چھکبھ اَخر یہِ چھُیا اَسمانہٕ وسان۔ اَتھ چھُنا پونسک ضروٗرتھ آسان تہٕ ژٕ چھکبھ فقط یوان تہٕ کھیٚوان تغٲریا ییتہٕ تھاوی نہٕ کانٛہہ چھکِتھ۔ حالانکہٕ ترِیےٚ دوہ اُسی گاٲمتی اَسہِ کھیٚنہٕ رٕنگی کینٛہہ بتھِ وٚچھنس۔ تہٕ ون ساتمہِ بچارِکتہٕ کھیٚیو۔ خٲربہٕ اوٚسُس اَمہِ وِزِ بسترس منٛز ژمیومُت۔ ووٚنی کیاہ نیٚر کھٹنہٕ منٛز یہ

اوٚسُس اَمہِ ساتہٕ شرابکس نشس منز پتلہِ پیوٚمُت تہٕ بےٚ خبری ہٕنٛدِس عالمس منز بوٗ زمےٚ پٔنہٕ کورِ ہنٛز زاٗوِج تہٕ میٹھی مگر لوٚت آواز۔ تِہنزِ آوازِ ہٕنٛدی پاٗٹھی چھُ تسنٛد سونہاٗری مَس تہٕ شوٗبوٗن مگر موصوٗم بُتھ چھُس زرد یوٚمُت تہٕ بێیہِ چھےٚ ووٚنی ہوٚچھ ہٕش۔ چوٗنکہِ سونیا چھےٚ شریف النفس کوٗر سوٗ اٗس اٗمِس پڑ ژھان ''کٹیر ینا...... تیلہِ چھامےٚ پزی پاٗٹھی ووٚنی تی کرُن؟'' اوتام اٗس فرانسسنتو نایہ، اکہِ شیطانہٕ سنٛزِ ژھێچہ، یمسنٛز پُلسس تہٕ خبر چھےٚ ترٚ یہ پھرِ مکان ماٗلکین منز تراٗوِتھ سونیاسو کام کرناوِنچ کوٗشش کرٕ ہٕش۔ ''چار کیاہ چھےٚ...... تتھ منز کیاہ چھُ'' ووٚنس کٹیر ینا یعنی میانہِ خاندارنہِ کُنےیل دِتھ در جواب۔
''بێیہِ یوٚت کیاہ تھپ چھکبھ ژٕ پردس تل پزی روزن۔ آ...... بێیہِ وسنہٕ ہتھ۔ جلھک تہٕ کھیکھ تہِ''۔ مگر جناب یِنہٕ ژٕ میانہِ خاندارنہِ راہ کھالک۔ تس چھُنہٕ کہنٛی خطاہ کیا زِ سو اٗس نہٕ امہِ وِزِ مغزن منز۔ بیمار آسنہٕ تہٕ فاقہٕ فِرمرن والین شُربن ہٕنٛدِ اٗےواٗے کرنہٕ کِنی اٗسی امہِ وِزِ تسنٛدی خیال چھلہِ چھانگرِ تہٕ بێیہِ اٗس سو دراصل بوس ژھانڑ ناوُن یژھان نہٕ زِ سونیا نیر پزی...... بێیہِ چھےٚ کٹیر ینا زن مےٚ گوڈے عرض کوٚر مزاز کِنی ہنا ترٚوش۔ اگرے کُنہٕ پھرِ شری کربکہٕ نادلاگان چھِ بامے تمن کونہٕ آسہِ بوٚچھ ستی ؤتل ؤژھمٕہ سو چھےٚ یکدم تمن ماردی دی ہڈ کڈان۔ خاٗر پتہٕ بنییہِ دلیل سونیا درایہِ شێیہِ بجہِ باٗگی مفلرؤلِتھ تہٕ کلس ٹوٗپی دِتھ گرِ نبر تہٕ یہے نو بجے باٗگی آیہِ واپس۔ سو گیہِ سێوٗد ےٚ کٹیر ینایہِ نش تہٕ کینہہ ونہٕ کرنہٕ وراٗے تراٗوی نس ترٚہ روٗبل میزس پێٹھ۔ کینہہ ونچ چھنہٕ کتھے تمہِ وُچھنہٕ کٹیر ینایہِ ہٕنٛدِس بُتھس کُن تہٕ۔ لوٚتہِ پاٗٹھی ٹلن سبز رنگہٕ گوٚب شال (اَسہِ چھُ یتھ اَکھ شال تہِ) تہٕ ہیوٚتُن کلہِ پێٹھی تہٕ کوٚرُن بُتھ اَتھ منز بند تہٕ تراٗوِن بسترس پێٹھ لبہ کُن بُتھ کرِتھ ڈاف۔ تِہنٛدِس جسمس تہٕ موصوٗم فیکین اٗسی درسہِ لگان یہِ زن مےٚ فِکرِ توٚرنہٕ تس اٗسایہِ تھرِ کِنہٕ ودن ہکی اٗسس لگان...... بہٕ سنیوس نہٕ اَتھ رژھ تہٕ۔ مگر جوانامےٚ وُچھ کٹیر ینا تھوٚدووتھان تہٕ اٗتھی ژھوپہِ ہٕنٛدِس عالمس منز گیہِ سونیایہِ

ہُنٛدِس بسترس نِشہِ تہٕ کوٗتھٕن پٮ۪ٹھ وُستھ روٗز میانہِ کورِ ہُنٛد بن پوشہٕ پد بن راتی راتس موٗنہِ کران۔ سو دژ لیہ نہٕ تس نِشہِ ٹلی کہ اُسکھ پتہٕ دوشوٕنی اکھا اکسٕژن نر بن منز نمبدر پیمٕژ......اوہ تمہٕ آسہ یکہٕ وٕژ......اکھا اکسٕژ کو چھِ منز......مگر بہٕ شرابی اوسُس مست پرٛاہور گُن"۔

مار میلا دوف گوٚ یکایک خاموش......زنتہٕ کانسہِ ہُٹ گرٛنڈم کوٚرنس۔ امی پھیر فوراً شراب گلاسہٕ اکھ تہٕ یہِ نیٚن گرٛٹھرایہِ چیٚتھ اَمہِ پتہٕ کوٚرُن ژاس کرِتھ ہوٹ صاف۔"تہٕ تمہٕ پٮ۪ٹھ جناب" سہٕ ووتھ رژ ھادم دِتھ رٛاسکولن کافس گُن" ینہٕ یہِ بدقسمتی ہُنٛد اکھ قدم ٹُلن تہٕ کیٚژن حاسدن ہُنٛدِ دِسی سرکاری اہلکارن تام شیچھ واتناونہٕ کٔنی یمن منز سو فرانستوناتہِ شامل چھے یمٕژ کتھِ گوڈٕ اَمہِ دیاں دِژونہٕ کوٚر بہتان ترٛاشی کرِتھ یمو میانہِ کورِ ہُنٛد ناو بدنام تہٕ بزگاریمہِ کٔنی سو رٛنڈین ہُنٛدِس فہرستس منز پٔنن ناو درج کرناونس پٮ۪ٹھ مجبوٗر سپٕز۔ تہٕ لاسن کڈتھ پٮ۪ٹھ چکلس پٮ۪ٹھ۔ یتھِ کنہِ پیچ نہٕ سو اَسہِ ستۍ روٗزِتھ ٹلی کہ پیوس الگ روزُن۔ تکیازِ سانہِ مکان مالکی کینہٕ ہنٛدی کن اُسی نہٕ یہِ بوزنہٕ خاطرِ تہٕ تیار (حالانکہِ تمہٕ کریو فرانسستونایہِ وارپاہ ڈٕکھ سونیا اتھ وتہِ کن لاگنہٕ خاطرِ) تہٕ ہُپاری ٹلی لیبازِتنکوفن تہٕ مَلکھ ...... یِلہِ زن تمی تہٕ ...... وارپاہہِ ...... ہاہم...... لیبازِتنکوفس تہٕ کیٹرینایہِ درمیان سپٕز سونیایہِ ہنٛد سےٕ پٮ۪ٹھ لڑائے۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس سہٕ پانہٕ سونیایہِ ستۍ عاشقی کرنٕچ کوٗشش کران اچانک پاٹھی ہیوٚتُن پٔنن تھزریہِ وُنتھ جتلاوُن زِتس سُنٛد ہیوٗ اعلیٰ تعلیم یافتہ کتھ ہیکہِ سونیاہشہِ بدکارنہٕ ستۍ اکی سےٕ مکانس منز روٗزِتھ۔ کٹیرینا کیاہیکہِ ہےٕ زٕ روتھ تمہٕ کوٚرس سونیایہِ ہُنٛد بدلہٕ مقابلہٕ تہٕ ہیٚوٚنس ٹھلہٕ ٹھپر نہٕ کڈنہِ......تتھ پٮ۪ٹھ تمی شلکھ کوٚرس۔ وونی چھے سونیا اَسہِ نِشہِ فقط روتلہٕ یوان تہٕ کیٹرینا یوانایہِ چھے کموٗمت پوٚنسہِ حوالہٕ کرنہٕ علاوٕ دلاسہٕ تہٕ دِوان......تمہِ چھُ اکِس بہو ہُنٛدِ گرکمرٕ کرایہِ پٮ۪ٹھ روٗٹمت۔ یُس ہولوٗ نگ تہٕ چھُ تہٕ پھوٚ پھ تہٕ تہٕ اَہنٛدی الہ پلہٕ

سأری شُری کیو خاندار ینٕ تہٕ چھ اُہندی پاٹھی پھوٚ پھی۔ بچارٕ بن غُربتن چھکھ نال وولمُت۔ شُری باٹھ چھِ اکسے کمرس منز روزان مگر سونیایہ چھُ پنُن الگ کمرٕ۔ یُس یہندِ امی کمرُک اکھ حصہ گنڈنہٕ آمُت چھُ۔ خأر بہٕ ووتھُس صحبس ہندرِ تہٕ اتھ بتھ چھلِتھ کوٚر رُم خداے یاد تہٕ دراس سول کونسلر سُند گرٕ کُن۔ خبر ژے چھیہ سہٕ ویوٚ د؟ نہ کینٛہہ آسی نہٕ ......سہٕ چھُ اکھ سبٕتھی رُت بندٕ خوداہ۔ کانسہِ چھنا ونان موم......نساسہٕ چھُ پزی موم۔ ییلہِ مےٚ سہٕ پنٕنی دأدی کانٛگر بوزنووتس لُج اوٚشس دار۔'' مارمیلا دوف مےٚ کھیو گوڑ تہٕ اکہِ چانہِ ڈسی دوکھ...... خأر بہٕ دِمے ژے بیٚیہ اکھ موقہ یہ ہیمہ بہٕ پننٕے پھیکین پیٹھ......وُوتھ نیر ووٕنی۔ یم لفظ وٕنتھ کوٚر نم روخصت۔ مےٚ مُژھ تہند بن تلہٕ پتمن ہنٛز گرداچھن۔ سہٕ تہِ تصورٕ منزی کیا زِنتہٕ دِیہِ ہے نہٕ مےٚ لس ہیوٚ سیاستدان بیٚیہ تہٕ ازکلک سیاستدان تہٕ روشن خیال انسان یِتھ حرکت کرنک اجازت۔ واپس گرٕ وأتتھ ییلہِ مےٚ پننٕن گرکین نوِسرٕ ملازمت میلنٕچ تہٕ جان تنخواہ میلنس متعلق شیٚچھ ڈنی بہٕ کیا ونے ژے سانیو کأژاہ دِیہِ چھےٚ کرہش......!''

مارمیلا دوفن گُر بیٚیہ اکہِ پھِر شدید جوشس منز یتھ ژھوٚپہ۔ اَمی وقتہٕ ژلیہ شراب خانس منز گپ شپ کران مست شرابین ہنٛز اکھ ٹولی یم سأری شراب چیٚتھ اُس۔ ہپأری اُس درواز کِنی اکہِ بانٛچ تہٕ ستہٕ وُہرِس اکس بچھِ وِنس بچہِ ہنٛز بیگر آواز کنن تام واتان۔ شراب خانس منز ووتھ نوی شرأبی اَژنہٕ کِنی سخ شور تہٕ شراب خانک مألِک تہٕ لونڈ بہرہ گے آرڈر رٹنس منز آورِ۔

مارمیلا دوفن تھأو نوبن یِنہٕ والین شرابین کُن سینہٕ ورأے پنٕنی رام کہأنی جأری۔ امابوٚ زووٕنی اوس باسان زِ سہٕ تھوک شاید مگر سہٕ یوٚت زیاد شراب چیوان اوس تیوٚتاہ اوس زیاد کتھ بکواس کران۔ ملازمتس منز نوِہ سرٕ بَرتی سپدنٕچ کامیأبی یا دپینٕہ ستی زن پھیر اُمِس نوی زندگی ییمہ کِنی تسند بتھ شولان اوس۔ راسکولنکاف اوس اُہنٛز

دلیل غورِ سان بوزان۔

''ڈکٹیر ینا تہٕ سونیا لجہِ مےٚ ستی یمے پانژھ ہفتہٕ برونٹھہ پیٹھ ہمدردی ہاونہٕ ییلہِ تمو میانہِ نوِسرِ نوکری لگنٕچ خبر بوٗزتہٕ بہٕ زَن گوس جنتس۔ نتہٕ اوس مےٚ جوانا! شراب چیتھ گپنہٕ سٔندی پأٹھی شونگن پیوان تہٕ کھیٚن اگرے کینہہ دِوان تہٕ آسہٕ تہٕ اوس لبکہٕ تہٕ تھوٚکہٕ آسان۔ نوکری لگنہٕ پتہٕ آسہٕ کمرس منز برأری سٔندی پأٹھی پکان تہٕ شُر بن آسہٕ لوٚتہٕ پأٹھی یہ وٕنتھ أسس ٹیب کڈان ''ہش کربکہٕ نادمہٕ لأ گیؤ'' مول چھُوٕ دفتر کأم گری گری تھوٚکمُت۔ أمِس چھُوٕ ونکبس آرام۔ دفتر نیرنہٕ برونٹھہ آسہٕ مےٚ ملایہِ دار کأفی چینٕز دِوان۔ تہٕ ژٕنے اگرے بیہی مےٚ توٚرنہٕ فِکری میانہِ نوسوٗٹہٕ خأطرِ کتہٕ گری تمو پونسہٕ بہم۔ کاہ رُوبل تہٕ 50 کوپک خرچأوِتھ اوٚنکھ مےٚ کیُت نوٚ وبوٗٹ۔ کاٹن قمیض فأشنہٕ مطأبق سبتھے شاندار وردی۔ گوٚڈ نِکہِ دوہ ییلہِ بہٕ دفترِ واپس آس وُچھان چھُس میانہِ گرِ واجنہٕ اوس شامُک کھیٚن دوٚیہِ قسمہِ تیار کوٚرمُت۔ سوٗپ تہٕ ووزُل قورمہٕ یہ نہٕ وُنبس تام خوابس منز تہٕ وُچھمُت اوس۔ تس اوسنہٕ پانس کانٛہہ نوٚ ولباس پلہٕ...... مگر وُنکبس اوس تمہٕ پان یُتھ پأرومُت زنتہٕ گُن سالس گرٕھن اِوُسس۔ سو أس لوٚ کٹ جوان تہٕ سوٚندر باسان۔ ییلہِ زن فقط اوسن فأشنہٕ مطأبق مَس شیوٚ رُمت تہٕ قمیضہِ کمیگ تام صاف کالر لوگمُت۔ یہِ کھیٚن تیار کرنہٕ خأطرِ اوُسس میانہِ أچھ گاش سوٗنیاہن پونسہٕ ٹوٗنکھ دیتمت۔''

ووٗنی چھُ میانہِ باپتھ دُھلی گاشس یوریُن مشکل'' ووٗن میانہِ کورِ ''بیٚیہِ چھُنہٕ میانہِ خأطرِ یور بار بار ییُن ممکن۔ وٚنگور وتلہٕ آسہٕ اَنہِ گٹہِ یور یوان یُتھ نہٕ کانٛہہ وُچھتھ ہیکیم''۔ ژٕ چھکہِ بوزان...... ''مےٚ کھیوٚ وزیادے پہن تہٕ ترأوم نندر۔ اگرچہِ میانہِ خاندارنہٕ تہٕ مکان مألکنہِ پانہٕ وأنی اکےٚ ہفتہٕ برونٹھہ خطرناک ہر گامژ أس مگر ییلہِ تس میانہِ خاندارنہِ کأفی چینٕہٕ باپتھ دعوتھ دِژ تمہٕ تہٕ ہیوٚک نہٕ اِنکار گرِتھ۔ ئلوٚ کہِ میٹھیہِ پیٚراہ دوہن کنٛن روزٕ نستہٕ ستی نس رلأوِتھ کیاہ تام سِر کتھ کران۔

"ژےٚ بۄزتھ مارمیلا دوف لۄگ بیٚیہٕ نوکری تہٕ تنخواہ تہِ چھُس برابر"۔ کٹیرینا
ؤژھ مکان مألکنہٕ کُن ۔ سہٕ گوٚ پانے ایوان ایفانسیوچ سُند گرِتس سمکھنہٕ۔ تہٕ سہٕ
دراو اُمِس بُتھِ سمکھنہٕ ییٚلہٕ زن باقے ملاقأتی پرا ؤنی تھأوِنی ۔ تورٕ ے وۄہنس جوانا "ژٕ
تھاو یقین چأنی پٔتم محنت مشہٕ نہٕ مےٚ تہٕ بہٕ کرِ چأنی یہِ احمقانہٕ کمزوٗری تہِ درگذر کیازِ کہِ
چانہِ کڑِتھ ژھننہٕ ستی پیٚو مےٚ واریاہ نوقصان ٹلن" ...... جوان بوزان چھُکھ ژٕ بیٚیہٕ وۄ
ہنس دٕھجن وقتس بہٕ کرِ چانہِ زنٕو پیٚٹھ پرٛژھ زیوٗ ستی وَن ژٕ چیکھ نہٕ وۄنی شراب تہٕ بہٕ
دِمے ژےٚ بیٚیہِ موقہٕ ملازمتک"۔ اُتبتھ دِ ژٕ مےٚ وضاحتہٕ کرنہٕ جوانا! تمہِ وۄن نہٕ یہِ تس
شوخ مزأزی کنی بلکہِ رۄ چھُن پنُن کوک۔ تمہِ یہِ کینژٕ ھاوون تہِ وۄن پننے دِلہٕ۔ بیٚیہٕ
چھُ تس خیالی محل بنأوِتھ پنُن دِل خوش تھاونک عادتھے۔ بیٚیہٕ دِمہٕ نہٕ بہٕ اُتس امہِ باپتھ کانہہ
الزام۔ تس کیاہ الزام دِمہٕ ...... ییٚلہِ مےٚ تس 6 دوٚہہ بروٚنہہ 23 روٗپیہ تہٕ 40 کوپک
پنُن تنخواہ بروٚنٹھِ کنہِ تھوو تمہِ وۄن مےٚ لولہٕ سان "میانہِ ٹاٹھِ زِیہِ گُلیا ..... میانہِ ڈکھیا" تہٕ
ییٚلہِ اُسی زِ ےٚ الگ بہتھ اُس! ژےٚ تورٕ یہِ فکرِ؟ ژےٚ آسی پانہٕ تہِ اندازٕ کوٚر مُت بہٕ
چھُس نہٕ تیوٚت خوٗبصوٗرت تہٕ نہٕ آسہٕ بہٕ بحیثیت خاوند تیوٚت قأبل ..... تمہِ رٕٹی میأنی روخ
تہٕ وۄنُم "میانہِ زِیہِ گُلیا"۔ تمہِ کوٚر مےٚ بتھس کُنے میوٚٹھ "میانہِ ڈیکہِ ٹِکا" وٕنتھ۔

مارمیلا دوٕفنی آوازٕ ہیچ نہٕ بروٚنہہ پکتھ "تمی ہیٚژٕ اَےِ وُٹھ گمناوِنی مگر تس وٕتھی دنڈٕ ٹکرٕ۔
تس وٕژھ تھرِ تاہم رٕٹی تمی پننی جذبات کاپہ ...... شراب خانک دَم فُٹی کرن وول فضا۔
شخصِ مذکوٗرٕ سٕنز زبوٗن حالی ..... گاسہٕ ناوِ منز گذارِمژٕ پانژھ راتژ اُچھن تل نظرِ
بزمراون وول دِلگ دواہ ...... تہٕ اہل وعیال خاطرٕ یوٗتاہ سرٕ ون لول وُچھتھ گوٚ
اُہنٛد مخاطب سخ حأران تہٕ پریشان ۔ رٕ اسکولنکا فن بوٗز اُہنٛز دلیل کن دأرتھ مگر موٗ ردٕ
احساسہٕ۔ حتیٰ کہِ وۄنی اوس تمس پھیران زِ شراب خانس منز کیازِ ژا یوو ہے۔

"جناب!" مارمیلا دوفن دِژٕ پانٛہ مبأ لغہٕ ہتاہ تھدِ تہہ۔ "جناب! ژےٚ تہِ

آسی شاید یمن ہٕنڈی پأٹھی میأنی کہأنی اَسنس لایکھ باسان۔ تہٕ سونچان ما آسکھ زِپٔنہٕ گرٕچ احمقانہٕ داستان باونہٕ ستی کھیٚیہٕ مےٚ أمی نحقہٕ کن۔ مگر جوانا! مےٚ چھُنہٕ باسان اَتھ منٛز چھُ کینٛہہ ٹھٹھ کرنس لایکھ۔ تکیازِ بہٕ چھُس اچھ دَگ للہٕ وان...... تِم خوش نصیب دوہہ تہٕ رأژ رأومیم، لوٚہتین ارمانن پھاہ دِوان تہٕ گرٕک انتظام رٕتہٕ انمانہٕ چلاونکی خاب وُچھان وُچھان...... مثلاً شُربن نوٚو پوشاک سوناونک...... خاندارنہٕ آرام بہم تھاونک تہٕ سارے کھوتہٕ پٔنہٕ کورِ گندٕ ماحولہٕ منٛز کڑتھ یژ تگ مقام دیاونک خواب۔ تُتھ زن سوتہٕ میون گرٕ مُشکاوِہے۔ اما پوٚز جناب!"۔ مارمیلادوف زن گوٚو خاب وُچھان وُچھان بیدار تہٕ گنڈٕن پٔننس مخاطبس مُدأ "دیم مأری مٔنڈی خواب وُچھنہٕ پتہٕ دویمہٕ دوہ شامس یعنی از بروٚنہہ برابر پانٛژہ دوہ نِہ جناب مےٚ کیٹرینایہٕ ٹرٔنکچ کوٗنژ تہٕ نیوٗمس روٗتلی ژوٚرٕ ہنٛدی پأٹھی میانہٕ تنخواہ منٛز بچومُت پوٗنسہٕ ٹوٗنکھ۔ تہٕ کوٗتاہ اوس مےٚ چھُنہٕ وُنکبس ہوٚرٕ پأٹھی یاد۔ تُہی سأری بوٗزِو از چھُ مےٚ پٔنٛژیم دوہہ گرٕ ترأوِتھ ہنٛتس۔ تِم آسن میانہٕ وتہٕ وُچھان تہٕ یپأری چھُلی مےٚ نوکری نِشہٕ اتھ۔ میأنی وردی چھےٚ مِصری کدلس نکھہٕ تل اَکِس شراب خانس منٛز۔ یوسہٕ مےٚ یمن نالہٕ کٔہن پلون ستی بدلأو...... ملازمت کیاہ گیہٕ مأنی توہہٕ پٔژتھ کینٛہہ روو"۔

مارمیلادوفن لأے پٔننس ڈٚیکس اکھ زوردار ژٕنڈ۔ دنٛد چأرِن تہٕ أچھ بنٛد کرٕتھ دِتُن کھوٚنہٕ وٚٹ میزس تہٕ بتھ کوٚرُن دوٚن اتھن منٛز بنٛد۔ مگر رژھہِ کھٚنج تُل أمی کلہٕ تھوٚد۔ أمس اوس بتھِس رنگ ڈوٗلمُت تہٕ بےٚ حیأیی تہٕ مکأری ستی اوس بہودٔری ہُنٛد توٗر ووتلاوٕنچ کوٗشش کران۔ راسکولنکافس گُن نظر دِتھ ترٕووٗن اَسن کھنگالہٕ تہٕ لوٚگ وٕنہٕ۔

"از صبحس گوس بہٕ سونیایہٕ نِش تہٕ مےٚ موٚنگ تس مُشکل کُشا۔ ہی...... ہی...... ہی ہی......۔ یتہٕ وُنۍ ہے تمہٕ دِتنے یا کینٛہہ؟" وُنی آمتیو شرابیو منٛز اَیس أکی کریکھ تہٕ

أتھی ہتی ترووٗن اُسن کھنگالہٕ۔

''یکیا……یہٕ شراب بوتل ہیٚزٕم تہند ہن پونسن'' مارمیلا دوفن وون رَاسکولنکاف بُتھِ رُٹتھ زنتہٕ پأنی پانس۔

''تمہِ دِتی مےٚ پننہِ اَتھہٕ ترٛہ کوپک تہِ سوزٕ یہٕ تس جماہ اوس……تمہٕ کوٚڈ نہٕ زیٚو اَکھ لفظ تہِ بلِکہ اُمہِ تھلہِ تھلہِ وُچھان مگر میانہِ بتھچہٕ کمزوٗری پٔٹھ کوٚرُن افسوٗس……مردن ہنٛز نالأیقی پٔٹھ چھےٚ زنانہٕ سخ پریشان گژھان۔ تمہٕ چھےٚ ودان مگر الزام چھینہٕ دِوان۔ مگر یہنٛز یہِ ژھوپہٕ چھےٚ زنتہٕ دِلس تیرٕ کی پأٹھی سنان۔ خاص کریٚتھ تمہٕ پننٛی سأری ارزتھ مردس آیتن تھاوان چھےٚ تہٕ زیٚو چھےٚ نہٕ ٹاس کڈان۔ یم ترٛہ کوپک، چھُ بنان تس آسہن پانس ضروٗرتھ……کیازِ تس چھُ وونی پان پأرِ أوتھ روزُن پیٚوان تہٕ چاک وچوہنٛد تہِ ییمہِ خأطرٕ پونسہٕ آسُن گژھِ……ژےٚ توٚ ریہٕ جوانہٕ فِکرِ۔ تس گژھن پُرکشش کلفہٕ جورٕ آسنی زرقہٕ برقہٕ کرٕونی سدٕرد……نپہٕ نپہٕ کرٕونی بوٹ غرض لباسکی تہٕ بناو سنگارٕکی سأری چیز گژھنس خوٗبصوٗرت آسنی……کرتہٕ اندازٕ امہِ باپتھ کوٚتاہ پونسہٕ گوٚژھ تس آسُن مگر بہٕ گوس تسُنٛد مول……پٔنُن مول……تہٕ مےٚ گٔر تس چنٛدٕ یہِ شراب چینہٕ باپتھ خأّلی……جوان……ون مےٚ ہیوٚس نفرس پٔٹھ کس ییہِ عار……ہی……ونتہٕ ژےٚ گوٚیہِ میون حالِ زار بوٗزِتھ کانٛہہ افسوٗس……ؤنیوٗ جناب……ژےٚ اُیہِ مےٚ پٔٹھ رٕچھ کانٛہہ رَگ ووتلتھ۔ ہی ہی ہی……''۔

میلادوف پھر ہے بوتلہِ منٛز بیٚاکھ شراب گلاسہٕ مگر بوتل اُس وونی خأّلی گأمٕژ۔

''ژےٚ پٔٹھ کمہِ باپتھ ییہِ کانٛسہِ عار''……وونُس شراب خانکی مأّلکن یُس یٔیہِ ییٚنہٕ نکھہٕ تل اوس۔

أتھی ہتی ترووکمرس منٛز ہیتھ یِرٛتھ نفرن ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن تہٕ یٔیہِ گٔرکھ فحش کلأمی۔ تموتہٕ یم کتھہٕ بوزان اُس تہٕ تموتہِ یم اُمس سرکأری ملازمتہٕ منٛز بدر کرنہٕ

آمتِس مسخرس کُن فقط وُچھان اُس۔

''کس ییہِ مےٚ پیٹھ عارتہٕ کمہِ باپتھ؟ مار میلا دوف وۄتھ نر و ہر اُ وِتھ کاڈ کڈتھ تھوٚ دزنتہٕ سہ اُٹھی سوالس پراران اوس۔

''ژٕ چھُکھ ونان مےٚ پیٹھ کیاز ییہِ کائنسہِ رحم، حق تہٕ پوٚز چھُ، بہٕ چھُس نہٕ اُتھ لایکھ۔ بہٕ پزٕ سرِ راہ پھاسہِ کوٚ ٹس کھالُن۔ کائنسہِ گژھِ نہٕ عاریُن۔ وولہِ دِم پھاسی! زانِن والیا......کھال مےٚ پھاسہِ مگر مےٚ پیٹھ کرِی زِ رحم......یُتھ زن بہٕ پننی ذاتھ مشرا وِتھ ہیکہ ......بہٕ چھُسے نہٕ مذاق کران بلکہ چھےٚ مےٚ غمک تہٕ اوٚ شوانیک سخ تلاش۔ ژےٚ چھیا خیال زِ میانین دوٚکھن تہٕ غمن بدلہٕ دِکھ مےٚ اُکھ شراب بوٚتل تہٕ مےٚ ییہِ کانہہ لطف امہِ ستیٚ؟ نہ مےٚ چھُ دوٚکھ تہٕ غمی ٹوٹھ یُس تلاش اوسُس بہٕ ییمہِ بوتلہِ ہُندِس ژٕ کس منز کران۔ یہِ مےٚ بامل تہٕ آوتہٕ مےٚ تُلمس لطف تہٕ تہٕ مےٚ پیٹھ کرِ سہ رحم یُس پرٛتھ انسانس پیٹھ رحم کران چھُ۔ سہ کُن تہٕ کیول چھُ زرس زرس وا تِتھ تہٕ وا قف۔ سے داورِ حقیقی پرٛژھِ قیامژ دوٚہہ اکھتے کتہِ چھےٚ سوکوٚ ریٚمہِ میٚند لد ووٚزٕ ماجہِ تہٕ تہند بن فاقہٕ پھرِ شُر بن ہندِ باپتھ پنُن پان داوس لوگ۔ کتہِ چھےٚ سوکوٚ ریٚمہِ زِ وِ چھپہِ دٚیت تس مائِلس باپتھ یُس پننہِ حیوانیژ پیٹھ شرمندتہٕ ناٗدِم گژھان اوسنہٕ مگر تمہِ کوٚ رِنس رحم۔ تہٕ اُلیس کریکھ مےٚ نکھ وولے مےٚ کوٚرمے سوٚرے معاف۔ تم شُمارٕ روٚس گوناہ کرمے درگذر راوِ کنی زِ چانس دِلس منز اُس مامے تہٕ لول......یِتھ کنہِ کرِ سہ میانہِ سوٚنیا ہس معاف۔ مےٚ چھُ پوٚرٕ پتاہ زِ سہ بخشِہ تس......میانی دِلن کوٚ ریہ تمہِ وِزِ محسوٚس ییلہِ بہٕ اُدی تس نشہِ اوسُس۔ اِنصافچہِ گرِسی پیٹھ کرِ سہ پرٛتھ گونہگارس تہٕ بےٚ گونہس، دانا ہس تہٕ نادانس جوٚشش منز یتھ معاف۔ ییمن ہُند مسلہٕ اُنزراو نہٕ پتہٕ دِیہِ سہ اَسہِ نادتہٕ وَنہٕ تُہو تہٕ پکیوٚ مےٚ بروٚنہہ کُن اے گونہگار شرابیو۔ اے میانیو لاغر تہٕ شرمہِ ہتیو شرابیو! پکیوٚ بروٚنہہ کُن تہٕ اُسی گوٚھو کارٕ تھزِ تھاوٚتھ تس بروٚنہہ کُنہ استاد تہٕ وَنہِ ''توٚہہِ چھوحیوانیت

پانژاُ وتھ تہٕ حیوان بُنتھ گوناہ کرٕتی ! مگر ؤلیؤ تُہی تہٕ بروٗنہہ کُن !'' اَتھ پتہٕ ونن ہُم داناتہٕ حبسہٕ ہوش تھاون وألی خوداینس ''اے خوداوندا ! ژےٚ کیازِ اُنی تھکھ یم پانس بروٗنہہ کُن''......تہٕ سہٕ وَنیکھ درجواب ''اے میانیو غافِل بندو بۆزیوٗ'' اے حبسہٕ ہشیار بندو تُہی تہٕ بوزیوٗ......''یم اَنم اِ موٚکھ پانس بروٗنہہ کُن زِ یمن اوسہٕ اَمہِ عنایتُک یقین ......تہٕ اُتھی ستی کرِ پننی اَتھہِ بُلند تہٕ اَسی دِموس بروٗنہہ کنہِ سجدِ......اَسی ہاروأ چھوآوش ......تہٕ سأنی دِل ہِن مُژ رنہٕ تہٕ زانوپرٚتھ چیزُک مطلب......کٹیر ینا تہٕ گژھ محرم...... تسُند دبماغ تہٕ گژھ روشن......اے خوداوندا کرواتہٕ چأنی بادشاہت!''۔

سہٕ پیو تھکِتھ پھُٹتھ بےٚ یار و مددگار میزس پیٹھ۔کأنسہِ کُن تُجن نہٕ اُچھ......سہٕ اوس کلہٕ نومرِ تھ پننہِ اَندی پکہِ نِشہِ بےٚ خبر زنتہٕ خیالن ہُندِس سَدرس منز غوطہ ماران۔

اَہنز وَنتھو کوٚر بوزن والین پیٹھ زن جود۔رژھا گیہِ اَتہِ ژھوپہٕ مگر ستی ووتھ اَسن کھنگالن ہُند گز یزتہٕ فحش کلأمی تہٕ اُس کنن گژھان۔

''وۄنُن دیٚدِ ہُند سبق''

''بیوقوف' بکان''

''ماہِر مُنش چھُ یہ'' تہٕ بیٚیہِ واریاہ کینہہ ۔

''جوان! ووتھ نیرو ووٚنی''...... مارمیلادوفن وۄن یکایک کلہٕ تھوٚدتُلِتھ راسکولنکافس۔''ژٕ یہِ مےٚ ستی......میأنس مکانس تام......بہٕ گژھ کٹیر ینایہِ نِش ......سو آسہِ تتہٕ بانبر یمٕژ''۔

راسکولنکاف تہٕ اوس کینژٕ کالہٕ پتہٕ نیرنیٚ یژھان تہٕ مارمیلادوفس مدد کرُن یژھان۔میلادوف اگرچہ سہہ ہندی پأٹھی گریزٕان اوس مگر زنگن اُس تس ہیٚکتھ سور یمٕژ۔ اوٚسی تروٗن سوٗرےٚ بار جوانس پیٹھ۔تِمن اوس الہٕ پلہٕ زِ یا ترےٚ ہتھ قدم پکُن۔یئت

یُوت یِم مکانس نزدیک یوان اُسی تیُوت تیُوت اوس میلا دوفس خیالن کھُر یوان تہٕ وحشتس ہُر بر گژھان۔

''بہٕ چھُس نہٕ کٔتیر ینایہٕ کھوژان'' تٔمی وَون اُتھی وحشتکس عالمس منٛز۔ ''یازِ سولمہٕ میأنس مستس۔ جوانا مَس کیاہ وقعت چھُ تھاوان۔ اچھ چھےٚ نہٕ مےٚ کھٔنی فِکرتہٕ اگرے سو مےٚ مستس لمہٕ ہے تہٕ گوٚیو رُتے......اماپوٚز مےٚ چھُ تہنٛزن اَچھن تہٕ ووزلین روخن ہُنٛد خوف۔ تہٕ پیٚہِ تہنٛز شانشہِ ہُنٛد......ژٕ پچھیہِ وُچھمُت تم بمار رٕکتھ کٔنی چھِ شرارتس منٛز وحشتناک پأٹھی شاہ کھالان والان......مےٚ چھُ بچن ہٕنٛدِ کریکہٕ نادُک تہٕ سخ خوف......میانہِ خودایا اگرے سونیاہن تٔمن کھیٚن چیٚن نیُومُت آسہِ نہٕ تٔمن کیاہ آسہِ بنیُومُت......نتہٕ چھُس نہٕ بہٕ تہٕنٛد بن مُشتن کھوژان۔ چھیٚہِ پتاہ کیازِ تہٕنٛدیو دوگیوٚ تہٕ مکو تلہٕ چھُس بہٕ درامُت اکھتےٚ چھُم تٔموٚستی منٛزے یوان۔ تہٕ پوٚزے نیٚہی......میأنی زندگی زن چھےٚ یمنے مُشتن ہٕنٛز......بہتر چھُ اِی تس گٔری زِنہٕ اَتھ کانٛہہ رُکاوٹ یتھ سوہارٹھ ہُٹ اُوتھ ہناوتہٕ ہش......ژٕ تو رییہِ فِکرِ......ہہٕ گوٚ وسون مکانہٕ......امیک مأ لِک چھُ چھانہٕ محلٕک تہٕ یہٕ چھُ توٚیُوت بناونس منٛز ووستاد......پگھ امی وتہٕ کٔنی!''۔

تٔم یِکھ آنگنہٕ منٛزی تہٕ کھٔتی ژوٚرِمس پُہرس پیٹھ۔ یُوت یُوت تٔم ہیٚور رٔہیوٚر کھٔتی تیُوت اُس ہیرن پیٹھ زیادٕ زیادٕ انٛہِ گٔژ باسان۔ اَمہِ وِزِ آسہٕ تقریباً یوٚ ہے کاہ بجیو۔ حالانکہِ ریٚتہٕ کالہِ چھُنہٕ شہرس اندر دہہ سُلہٕ رٕأ ژہُنٛد گمانے گژھان مگر ہیٚر مہٕ ہیرِ پیٹھ اوس وُنکیس یُوت انٛہِ گوٚٹ زِ قدم تراوُن اوس مُشکل باسان۔

ہیرِ کھسوُن اوس اکھ لوکٕٹ کمرٕ یمیک درواز اَڈووتھےٚ اوس۔ اُندرِم غُربت اُس نیٚبرے بوزٕنی ئگان۔ کمرس منٛز اُس گوٚن تام پوٚنسن ہٕنٛز موم بٔتی دزان یُس بہٕ مو کلنس تیار اُس۔ کمرس منٛز یہٕ کینٛہہ اوس تہٕ اوس وٹہٕ منٛزے نظرِ تل یوان۔ کمرس منٛز اوس نہٕ تھ کانٛہہ چیز اُدر کھلیہٕ قسمہٕ قسمہٕ جنٛدن ہُنٛدٕی اُس اَکہ اخبارِ خاص پأٹھی شرہن

ہٕنٛد بن پلون ہٕنٛدی ۔ کمرِ کِس پتِمِس کوٗنس پیٹھ اوس اَکھ ژھیوٗنمُت پردٕ آویزان ۔ یَتھ پَتھ کُن اندازن بِسترٕ اوس۔ کمرس منٛز اوسنہٕ دوٚیو کُرسیوٚ تہٕ اکھ صوفہٕ ورٲے بیٚیہ کھٮ۪نٛہہ یَتھ پیٹھ بنگلا دیشی گٔدی دار غلاف اُس تہٕ اَتھی برونٛہہ کنہٕ اوس اَکھ رنگہٕ تہٕ میز پوشہٕ ر وستوٗ ے کھیٚنہٕ چینٛگ میز۔ اَمہٕ میزٕ کِس کوٗنس پیٹھ اوس کھپہٕ کھیومُت شسترٕ شمع دان یَتھ پیٹھ کارنہٕ آمُت موم اوس تہٕ اَتھی منٛز اُس اَنٛدر اَنٛدری شمٕچ سوٚ یتھ دزان۔ باسان اوس اَتھ گرس چھُ یہِ پوٗرٕ اکھ کمرٕ نہٕ بلکہِ کُنہِ کمرُک حِصہٕ البتہٕ چھُ یہِ وٚوٹ اوسمُت بیٚیتہٕ پیٹھٕ دوٚیمبن کمرن اَژنیچ وَتھ اُسمٕژ چھےٚ۔ اَکھ درواز یُس امہِ کمرٕ منٛزی بیٚین کمرن یاڈٕپی تو دوٚیمبن فلیٹن کُن گژھان اوس...... اوس وُنکیٚس اڈٕ وَتھ۔ اَمی فلیٹہٕ اندرٕ اوس نصف الگ گنڈنہٕ آمُت بیٚیتہٕ ایملیا ایوانو نا روزان چھِ اُسمٕژ۔ بیٚیتہٕ پیٹھ وُنکیس سخ کریکہٕ ناد ......اسن کھنگالہٕ منٛزی منٛزی بدکلامی تہٕ کنن منٛز واتان اُس۔ اَتہٕ اُس اَکھ بڈٕ جماتھ چاے چنبس تہٕ تاس گندنس منٛز مست۔

رَاسکولنکاف ژاو میلا دوف سُنٛدِس اِفلاس زدٕ کمرس منٛز تہٕ کٹیر ینا پژ زناو اَمی اَکی نظرِ۔ سو اُس زہٕ ہٹھ قدٕ تہٕ زٲوِج مگر پژیہٕ ونی۔ اما پوٚز جسمٲنی لحاظہٕ اُس سبٹھے لاغر۔ مس اوسُس کاژُرتہٕ روخ ووزٕلی۔ سو اُس پَنُن سپنہٕ دوشوٕ ے اتھوٚ ستی دباوِتھ اَتھی لوکٹِس کمرس منٛز پریشان حالی منٛز اورٕ یورگتھ دِوان۔ وِٹھ اُسس دٕ دٕمتی تہٕ فریکہٕ لد سُنٛدی پاٹھی اُس شاہ بمشکِل کھالان والان۔ اَچھ آسس یتھٕ پاٹھی زوتان زنتہٕ تپہٕ ستی دزان اُس تہٕ پژتھ چیزس اُس ووکھ نظر ووٚچھان۔ تُنٛد دبق ستی ووٚ شلیومُت بُتھ اوس موم بتہِ ہٕنٛدِس سوٚتیمتِس گاشس منٛز اَکھ سوٚن توژُر ووتلاوان۔ رَاسکولنکافس باسے یہِ سوٚیہے وُہہ ترٛہہِ تہٕ میلا دوفس ستی اَمی سُنٛد کلمن منٛز آسُن باسیوس عجیب......تمہِ نہٕ یُژ زاہنِدِ تیز آواز تہٕ نہٕ تجبن اَچھ تھوٚ دیتِس کالس یم اند رژاے۔ باسان اوس سو چھےٚ خیالن ہٕنٛز گتہِ منٛز ہیٚنہٕ آمٕژ تہٕ کینہہ بوزنچ تہٕ وُچھنچ بوٚد چھبس موکلیموٚ۔ گرشمہ کراے

آسنہٕ باوجوٗد اُس نہٕ تمہِ کمرِ چ داریلہٕ ترٲوِتھ تہٕ ہیرِ کنۍ اُس سَکھ بدبوٗ یِوان مگر تو پتہٕ تہٕ اوسُن نہٕ درواز بند تھوٗمُت۔ دویمہِ کمرِ منزٕ اَسی اُہندِس کمرس منز دُہی بنگولہٕ تران تہٕ ژاپہٕ ستی اُس اُمِس واُنج ژھینان پوٗ زدرواز اوسُن توتہِ یلے تھوٗمُت۔ سارِوے کھوتہٕ لوٕکٕ شہ وٕرِش کوٗراُس فرشس پیٹھ کوٗتھل موٗتھل گرِتھ صوفس ستی کلہٕ دِتھ شوٗنگتھ۔ اکھ لڑکہٕ یُس مساہُمس کورہٕندِ کھوتہٕ اکھ وٕری بوٗڈ آسہِ ہے اوس کوٗنس اَکِس منز چھرمہٕ اسمان کریکھ دِوان شاید اوس اُمِس وٕنی وٕنی شلکھ پیوٗمُت تہٕ اُمِس نِشہٕ اُس اکھ وٕرِش تھدِ قدٕ مگر ژاوِج کوٗرموہٕس پاٹھی بہتھ۔ اُمِس اوس اکھ ژھیوٗنمُت فراق جنٕ ناملی یمکی دجہٕ راُنٹی اُمِس کھورن تام آویزان اُسی۔ وَنگوٗنیتھ نٔنن پھکین پیٹھ اوسُس پرون کوٗشُر گون تھووُمُت۔ یُس وونی اُمِس کوٗٹھن تاہے واتان اوس۔ امہِ اُس پننہِ ہر کھوتہٕ زاوِج ژٔربٲے سٕژٕ گرٕدنی منز ترٲومِژ۔ سواُس تمِس ژھوپہٕ کرناوان تہٕ کیاہتام کنس تل وننان۔ یہٕ کینژھاتس تگان اوس تم ژھل ورتاوِتھ اُس سوٗتس ژھوپہٕ کرناوان۔ یتھ سٕہ وونی دُبارٕ رِپٹھ لاگہِ نہٕ۔ ہپٲری اُس سوٗ پننیو وچھیو سورٕملی اچھویمہٕ تس ماجہ ہٕندِ یمہِ کنۍ زیادے وچھِ لبنہٕ یِوان آسہِ، پینتہِ پتہٕ پینتہِ ماجہِ کُن نظرٕ ٹلان۔ مارمیلادوف بہریوٗ نہٕ اَندر راژنس۔ بَلکہِ روٗد سہٕ دروازس پیٹھے کوٗب کڈِتھ کوٗٹھن اتھ دِتھ تہٕ رَاسکولنکافس دیٹن اندر کن دقہٕ۔ کٹیرینا گیہِ وۄپرَ زوٗن کمرس منز وچھتھ ششدر روٗزِتھ تہٕ رَاسکولنکافس کُن مدٕے گنڈِتھ گیہِ تس بروٗنہہ کنہٕ اِستادٕ۔ سوٗ گیہِ حٲران نٕ سہٕ کمہِ غرضہٕ ژاواُہندِس کمرس منز۔ مگر ستی کوٗرتمہِ اندازٕ شاید آسہِ سہٕ لپاُرمس کمرس منز ترنہٕ خاطرٕ یمہِ کُٹھِ منزی آمُت کیازِ تمیک درواز چھُ یمی کُٹھِ منزی۔ او کنۍ ڈٲج سوٗ اُمِس بروٗنہہ کنہٕ تہٕ درایہِ کُٹھیک نیبرٕم درواز بند کرنہٕ باپتھ۔ مگر دروازس پیٹھ یلہٕ تمہٕ پٔنن خاندار کوٗب کڈِتھ وٗچھ تمہِ دِژ زورِ سان کریکھ۔

"ہتے"...... تمہِ وٗن ژکھ سان "یہے چھوٗ یہ آمُت، یہ لوٗٹری ژوٗر...... ہتا

جِتا...... وَنُو کِتہٕ تھاوِتھ ہاے؟ ہاوِ مےٚ ژٕلی بغلن منٛز کیاہ چھےٚ...... ہاے یِم کیاہ بدل پلو تہٕ، ہِتا پَتلونس۔ کہو کوٚرُتھ...... کتیوٗ تھاوِتھ ہاے۔ ژٕ کونا جواب دِوان۔ وَنُو کتھ کرُو!"۔ تمہِ لاج میلا دوفس بغلن تلاشی کرنٕی تہٕ سہٕ رُوٗ دنٕ ہیوٚر کُن تُلِتھ برارِ ہُندی پأٹھی ماے لا گِتھ یُتھ سو بآسأنی تلاشی کرِتھ ہیٚکِہس مگر تہنٛد بو چندو منٛز دراس نہٕ نیک دیلہٕ تہٕ۔

"مےٚ وَن روٗبلن کیاہ کوٚرتھ" تمہِ وونُس رتہٕ بتھ کرِتھ ژٕ چھُکھنا سون حال وُچھان؟ ژٕ ی ے ما چیوت تمن شراب۔ ہِتا مےٚ ہأسم یِم چاند ہنٛدی باہ روپہٕ ڈبس منٛز بند کرِتھ تھاوِی ہِتی" تہٕ ای ونان ونان آیہ پنٛزِہ ہُندی پأٹھی تہٕ روٗٹنس موٚچھن دوٚن منٛزمس تہٕ دِژِنس سأرسے کمرس کھکھر۔ مگر میلادوف تہٕ پوٚک کوٚٹھن پیٹھے وَجہِ لدکوکرِ ہُندی پأٹھی یُتھ زن ہومس بچارِ زیادٕ زور لُمن پیٚیہ نہٕ۔

"یہ چھُ جناب مےٚ ینامہٕ...... مےٚ چھُنہٕ امیک کانٛہہ گِلہٕ۔ وہنگوج۔ و۔ا۔ن اَتھ ین...... ینامس چھےٚ صوٗرتھ بدل۔ تمی ووٚن اُتھی منٛز یِیلہِ کٹیر ینامس رٕٹِتھ کلہٕ وُچھن کھوٗر گلہٕ ناوان اُس تہٕ اکہِ پھرِ لوٚگ تمس ٹاس کرِتھ ڈبکہٕ پتھرس ہتی۔ کوٚتھل موٚتھل کرِتھ پوٚتھرس پیٹھ شونجمٕ کوٚرگیہِ نبند رِبیدار تہٕ لوگن وُدن ہیوٚن تہٕ کوٗنس منٛز شرکنن ژامت لڑکہٕ زن ژمیوتس دِژِن نٹ برِتھ تہٕ ژھوٚپہ دَم کرِتھ ژاویٚنہٕ بیٚہس حالانکہِ تس اُس پانس ہرِ دِپنکی پأٹھی نتھہ ژامت۔

"اُمی چیوم شراب...... تہٕ بہٕ تھأونس پھأنگر کرِتھ" میلادوف سنٛزِ خاندار نہٕ وژٕن مویوٗس اندازس منٛز۔ "گوٚو ژےٚ چیوتھ پوٚشاک کِنتھ شراب تہٕ یِم موصوٗم بچأری موٗدی بوٚچھ بوٚچھِ کران! شُر بن گن اِشارٕ دِتھ ووٕنس اَتھ موٗران موٗران" ہِتا مردو دا! ژےٚ چھےٚ نامند چھ تہٕ گرٕھان" یکایک متے یہ سوٗراسکولن کافس "گوٚو ژٕ آکھ اُمس شراب ولنہٕ پیٹھ ہتی! ژیٚتہٕ آسی اُمس ہتی شرابا چیومت؟ آژےٚ چھےٚ اُمسے ہتی شراب چیومُت۔ ژٕ نیر میانہٕ گُٹھہِ منٛز نبر۔ ییٚتہٕ گرٕھ دفع"۔

رَاسکولنکافن کوٚڈنہٕ زیوِ اَکھ لفظ تہٕ تہٕ شوٚوٕ زدٕ ہٕندی پٲٹھی ہیوٚتُن واپس نیرُن۔ اماپوٚز اَمی ساتہٕ آو اَندرمہِ فلیٹُک درواز پوٗرٕ پٲٹھی مُژراونہٕ تہٕ واریاہ اَچھ لجِھ میلادوف سٔندِس کمرس کُن درٕ۔ کینٛہہ وُراتھ یاجہِ گلی یمن وٚوڑہ ٹوپہ آسہٕ اَے دندن تل سگریٹ تہٕ پاپہِ رٔٹتھ درواز س پٹھ ژٔستھ۔ یِہِ اَسی واریاہ نفر روت گون لاَ گی لاَ گی یم بُتھِ ییلے اَسی ...... تہٕ لِباس کیاہ اوس تمن بہٕ ہیکہٕ نہٕ شرمہِ دأوی سو گتھ ؤنتھ۔ تمو مژاَسی کینٛہہ اَتھن منٛز تاسہٕ پتہٕ ہیٚیِ، تماشہِ وُچھنس منٛز محو۔ دراصل اوس تہنٛد توجہ تمی وِزیورکُن پھیوٗرمُت یٚیمہِ وِزِ مارمیلادوفن مستس لمنہٕ وِزِ کریکھ دِژاَے "جوانایہ چھُ میون ینامہٕ"۔ تہٕ تموتر ووٹھاہ ٹھاہ کران اَسن۔ یمو ہیوٚت اکہِ اکہِ وارٕ وارٕ کمرس منٛزتہٕ اژُن تہٕ اَتھی دوران گیہِ اَکھ زوردار کریکھ کٔرن۔ یہِ اَس ایملیایوسہٕ تماشہِ وُچھن والین اورٕ یوردتہٕ دِہ دِہ کمرس منٛز اژنہٕ باپتھ وَتھ کڈان اَس تہٕ عادتہٕ مُطابق حکم دِتھ کوٚرتمہِ اَکے کریکھ دِتھ سوٗرٕے مسلہٕ حل تتھے پٲٹھی یتھ کنہِ تمہِ ہتہِ پھرِ دلہٕ ترأوِتھ تتھی کھری اَنزرٲوی اَتی اَس۔ تمہِ دیت بچارکیٹرینایہ لیکہِ پونشہٕ کڈتھ پگاہ دد ہس منٛز کمرٕ خألے کرنُک حُکم۔ یتھ کٔنی آو واپس نیرنہٕ بروٚنٛہہ رَاسکولنکافس چندس منٛز اتھ ترأوِتھ سہٕ پھٹہٕ ووٹ کڈنس موقعہٕ یہ تمس شرانچ بل ہوٚرتھ اکہِ روبلہٕ منٛز ہریومُت اوس۔ تہٕ کأنسہِ اِبشاہ گژھنہٕ ورأے تھأوی نکھ تم دارِ پٹھ۔ مگر ہیرِ پٹھ وأتتھ بدلیوٚس یکدم خیال تہٕ ہیوٚتُن پوٚت پھیرُن۔

"مے کٔر بڈ بیوقوفی"، تمی وٚون پأنی پانس "اویمنے سوٗنیہِ چھِے زینان، تہٕ مے چھِے پانس روپیہ ضرٗرتھ"۔ مگر یہ سونچنہٕ پتہٕ زِ ووٗنی چھُ یم پونسہٕ واپس ٹٔلنی ناممکن تہٕ یِہِ چھُ یہ سراسر ناانصأفی' ترووأمی یہ خیال تہٕ دژاوڈیرس کُن۔ "سوٗنیہِ ہس چھِے بناو سنگارٕ باپتھ پانس روپیہ ضرٗرتھ"۔ کوچہ منٛزی پکان پکان لوٗگ سہٕ پأنی پانس وٕننہٕ تہٕ اَتھی ستی ترووٗن کینٛہہ بُرت اسن کھنگالہٕ۔ پان تیتھ چُست تھاونہٕ باپتھ چھُ کأفی پونسہٕ

لگان...... ہم...... ینتہٕ چھُ بنان سۄنیہِ آسہِ پانہٕ تنگ دست۔ تِکیازِ تس چھےٚ ہاپتہٕ سُندِس
أسس منٛز زندگی گذارٕنی پیٚوان...... یہِ گوکانہہ منٛزٕ سۄن کڈنس برابر...... پگاہ آسہٕ ہن یِم
مجبوٗر بہٕ اگرنَے پونسہٕ تھاوِ ہکھ۔ مرحبا تس سۄنیہِ ہس یوسہٕ یِمو پٔنٛنِس سۄنہٕ کان بنأوی ہرٕ چھےٚ۔
تہٕ یُسنٛد خۄن یِم گلہِ گلہِ چیٚوان چھِ۔ آ...... یِم چھِ تمی سُند خۄن چیٚوان تہٕ تس نٔیتھ کھیٚوان۔
یِمو چھُ پزی اَتھ پیٹھ اوٚش ہورُمت مگر پتہٕ ژایکھ ژاپھ۔ حماقت چھےٚ یہِ۔ انسانس چھےٚ
جانور ہٕنٛدی پأٹھی وارٕ وارٕ پزتھ چیزٕ چ ژاپھ اژان"۔

رَاسکولِنکاف آو خیالن ہٕنٛزِ گتہِ منٛز ہیٚنہٕ۔

"مگر ممکن چھُ میون یہِ خیال آسہِ غلط" رَاسکولِنکافن ڈِژ رژھ ادم ہیٚتھ وٚتھن
حرکتھ۔ "بنان چھُ ساری اِنسان ما آسن نہٕ وحشی۔ اِنسان ؤنِتھ چھُ میون مطلب عام
بنی نوع انسان...... تیٚلہِ چھُ یہِ باقٕے سوری چھراجأنبدأری۔ سیٚود پأٹھی چھِ اَسہِ
کھوٗ کی کری ہتی کھڑاتہٕ کُنہِ قسمچہِ حد بندی روٗس چھِ اِظہار رایے کران تہٕ یہِ سوری چھُ
نتہٕ یہِ زن آسُن گوژھ۔



## (۳)

پگاہ کیُت ییٚلہِ سہ وُسٹھاہ ژیرِی ہِند رِوٚتھ تس زن اوس ٹو کہِ سوٚر گوٗمت تہٕ نندر کرنہٕ ستی اُس نہٕ تس کانٛہہ لوٗ ژلتھ گامُت۔ بدمزاجی، بقرأری تہٕ بدخوٗیی اُس تس پوٚرِ پأٹھی سوار تہٕ اُتھی منٛز ترٲوِمٕژ پننس کمرس نفرتہٕ برٕ ژنظر۔ یہِ اوس نہٕ کمرٕ بلکہِ اکہِ کمرٕچ ژکوٗنجل شہ فُٹ الماری ییمچین لبن ہُنٛد مَرنہٕ آمُت موٗلت لیوٗ دُر کاغذتھوٚ دوٚتھنہٕ سبب اُتھ اِفلاس نال وٕلتھ باسان اوس۔ اچھ رژھہ رژھ اُس نحوستہٕ برِتھ۔ چھتٕک تھزر اوس یوٚتاز میانہِ قدٕ کھوٚتہٕ موٚٹھ کھنٛڈ تھدِس انسانس اوس اند راژُن مُشکل گژھان تہٕ پڑتھ وِزِیہِ وہمہِ روزان زِوُنی نتہٕ دُنی گوٚژھنہٕ چھتس ستی کلہِ ٹھاسہٕ وَنہٕ یُن۔ یُتھ یہِ کمرٕ اوس تِتھے اوس امیک فرنیچر تہٕ۔ پرانہِ کُرسیہِ تار یمہٕ ووٚنی پُھچھِمٕژ تہٕ آسہٕ۔ کوٗنس منٛز اکھ رنگدار میز یتھ پیٹھ گردِ کھےٚ ستی کینٛہہ قلمی نُسخہٕ تہٕ کتابہٕ آسہٕ ییمکنی فکرٕ اوس ترٲن زِ یمن چھٕنہٕ وار یاہ کالہِ پیٹھ اَتھٕ تہٕ لاگنہٕ آمُت۔ امہِ علاوٕ اوس اکھ بےٚ ڈول صوفہٕ یُس پوٚرٕ اکھ لب زٕ چھرِ رِکن تہٕ نصف فرش کھجرِ رِکنی آورِتھ اوس۔ باسان اوس اَتھ چھےٚ اکہِ وقتہٕ چھِٹہِ ہِنٛز گلاف اُسمٕژ مگر ووٚنی اُس اَتھ زٕٹ گامٕژ تہٕ رٲسکولنکاف اوس اُتھی پیٹھ شونگان۔ رٲسکولنکاف اوس اکثر اَتھ پیٹھ پلو بدلاوِنے شونگان۔ سہٕ اوس نہٕ وُرُن ہیٚوان ییٚلہِ کہِ اوس طالبِ علمی ہِنٛدِ وقتہٕ رِکس پرٲنس اوٚر کوٚٹس منٛز کوتھل موتھل گرِتھ شونگان تہٕ تل اوس آنچہِ جوراہ موٚٹ تکیہِ رٹان یتھ تل سہٕ وِللنکی سأری صاف یا ماکہِ پلو بران اوس۔ امہِ علاوٕ اوس صوفس بروٚنٛہہ گنہِ اکھ لوٗکٹ ٹی پاے تہٕ۔

کمرٕچ یہِ اُدرٕ کھل تہٕ بےٚ ترتیبی اُس اکس آنس منٛز اُچھبن سنان چونکہِ

رَاسکولِنَکاف سُنٛد بن خیالن تہٕ اُس یِہے اُدر کھل گامُت اوٚکِنیٚ اوس تس یہِ تہٕ رُتے پاسان۔ تمِ اوس دنیاتہٕ دُنیہکہِ پرٛتھ چیزِ نشہِ پان الگ کوٚرمُت تتھے پاٹھی تہٕ پاٹھی کُچھو پنٕنس خولس منٛز گُنے زوٚن روزان چھُ۔ یوٚ تام زِ سو جوان دا سِ یوسہٕ تَس پرٛاران اُس تہٕ یسیمہِ اوٚتام تہٕنٛدِس کمرس منٛز زٕ ژٔور پھیرِ گرٕمتی اُسی سو وُچھنہٕ ستی تہٕ اُس تمِس ژکھِ وارے ہٕرلگان۔ تمِس اُس وُنکیس سو حالت یوسہٕ تس کانسہِ نفرس تمہِ وِزِ گرٛژھان چھےٚ یِیلہِ سہٕ کُنہِ اُکسے چیزس پیٹھ سونچان آسان چھُ۔ مکان مالکنہِ اوس تمہِ پَتھ پیٹھ تس کمرس منٛز کھیٚن چیٚن سوزٕن تہٕ بند کوٚرمُت۔ مگر وُنتام اوسُن نہٕ تس ستی صلاح کرنُک مامِلہٕ درخیال تہٕ اومُت حالانکہِ واریاہِ پھرِ کھیوٚ نہٕ اُمی کالُک بتہٕ تہٕ۔ نستاسیہ اُس سو واحِد وازٕ باے تہٕ نوکرانی یوسہٕ کرایہِ درسُنٛدِس اَتھ منٛزس پیٹھ خوش اُس تہٕ تمہِ اوس ووٚنی تہٕنٛدِس کمرس ڈوٗن پھش دِین اند ہتھ مشرومُت۔ منٛزی اُس سو ہفتس منٛز اکہِ پھِرِ اگرے خوش گوٚیوس اَتہٕ پیٹھی پیٹھی لرٛ ہلہِ ستی پھش دِوان۔ تمہِ دوہ کوٚر سہٕ تمی ننٛد رِ بیٛدار۔

"ہے ژٕ کونہٕ ننٛدرِ ووتھان"...... تمہِ ووٚن رَاسکولِنَکافس "نو بجیہِ کرتام مگر ژٕ چھُکھ شوٚنگتھے۔ ووتھ مے چھےٚ چاے اَنی مٕے چیٛکھ پیالاہ؟ توبہٕ ژٕ کوٚتاہ فاقہٕ دزاو چھُکھ؟"

رَاسکولِنَکافن مُوراوِ اَچھ تہٕ پانس برونٛہہ کُنہِ وُچھن نستاسیہ اِستادٕ۔

"ژٕ ما چھیکھ مالکنہٕ سوٗزمٕژ شاید؟" تمِ پرٛژھنس تہٕ وارٕ وارٕ ووٚتھ تھوٚد تہٕ بیوٚٹھ صوفس پیٹھ مگر بتھِ رِکن اوس شدید بیمار باسان۔

"مالکنہِ سوٗزمٕژ؟...... تتھ چھا شک کینٛہہ!"

تمہِ تھاوٚ رَاسکولِنَکافس برونٛہہ کُنہِ پنٕنی فُٹ مٕژ چایہ دٲنی یتھ منٛز راتچ ہرٕ یمٕژ تہٕ تٔنی آب ہِش چائے برِتھ اُس تہٕ اُتھی اکہِ لنٛڈٕ زلیٛد رِکھنٛڈ دلنہٕ تہٕ۔

"پیاری نستاسیہ پلیٖز یم رٕٹھنا" رَاسکولِنَکافن ووٚنس پنٕنین چندن ژھار

دِوان (چوٗنکہِ سہٕ اوس پلو بدلاونے شوٗنگمت) تہٕ اتھس منز کَڈِنی پھُٹہٕ وأٹی پونسہٕ کینٛہہ

"ہنہٕ یم، مےٚ رکشانتہٕ کُنی وہ وٹی ڈبل ژوٹ اَکھ تہٕ سرٛ وگ پہن نٕہ اٚندرم ماز پلیٹا"

"ڈبل ژوٹ دِمے بہٕ اٚ رکس بزنزس منز اٚنتھ مگر چھُنا صلاح نٕہ ماز بدلہٕ اُ

بنٛد گوبی شوٗربہٕ۔ مےٚ چھُ اَکھ نمبر شوٗربہٕ راتھ بنوومُت۔ مےٚ تھایو چانہِ خاطرٕ تمہٕ منز

بچأوِتھ مگر ژٕ آکھنا راتھ ژیٚری تَتھ چھُے بڈٕ مزٕ"۔

تیتھُے شوٗربہٕ ووت تہٕ رَاسکولنکاف لوٗگ تتھ یڈٕ منز قاٗد کرنہٕ۔ نستاسیہ ہِیٹھ

صوفس پیٹھ تِمس نکھٕ نوٗکھے اورٕ چ یورٕ چ کتھا کرنہٕ۔ سوأس اَکھ گریسی باے مگرتس اُس

کتھ کرنٕچ سخ پرایتھ۔

"ژٕے خلاف چھےٚ ایملیا پُلسس منز رپٹ درج کرُن یژھان" تمہِ ووٚنس۔

تُمی تژ کرایہٕ بُمہٕ۔

"مےٚ خلاف پُلسس رِپورٹ دِنٛک مطلب؟"

"مطلب اِی زِ نہٕ چھی ہس کرایہِ دِوانٕ تہٕ نہٕ چھُکھ کمرٕ خألی کران......آ"۔

"بڈٕ خبیث چھےٚ سو......یہ گوٗبوٗ ڈایزا" تمی ووٚن وٹھوٗتلی دنٛد ٹکان ٹکان۔

"نہٕ نہٕ......مےٚ چھنہٕ ونٛکبس تتھ حالات......وُنہِ پزنہٕ تس......سو چھےٚ مُلہٕ

بیوقوٗف" تمی ووٚن مزید بڈٕ بڈٕ "بہٕ گژھہٕ اٚزی تس نشہِ تہٕ تس ستی کرٕ کتھ"

"بیوقوٗف چھےٚ سو بزی تہٕ بہٕ تہٕ چھبس تتھی۔ گوڈٕ اگرے ژٕ عأقل چھُکھ تیلہٕ

بیہہ ہکھاژٕ تیتھے پأٹھی بیکار تہٕ امیک چارٕ کرہکھ نہٕ۔ اکہِ وقتہٕ اوسُکھ چانی وننہٕ رکنی بچہ

پرناونہِ گژھان۔ مگر ازکل کیازِ چھُکھ ژٕ نرٕ مرٕ نُوتھ بہتھ"۔

"بہٕ چھُس کران......" رَاسکولنکافن وونُس بادلِ ناخواستہٕ تہٕ بیزٕ اٚری اندر۔

"کیا چھُکھ کران؟"

"کأم......"

''تی نا کوٚسہٕ کیاہ کام؟''

''وُنہِ چھُس تہٕ سونچانٕی'' رَاسکولن کافن وونُس رزٕھادم دِتھ مگر سنجید پأٹھۍ۔ اَتھ پتھ آؤ نستاہس اُسن۔ییلہِ تس اَتھ کتھ پتھ اُسن آوِ کھکھرِ مارنہٕ پتہٕ تہٕ اَس نہٕ آواز کنن گژھان۔ بٔلکہِ أمِس سأرسے پانس تھتھراے۔یوٚ تام زِ پتہٕ پیٚیہ تھکِتھ ؤستھ۔

''تہٕ ووٚنی کژاہ روپیہِ چھے سونچان سونچان سوٚمبراوِمژٕ'' آخرس ووٚن تمہِ پان سنٛبألتھ۔

''ننہٕ ووٚرُے پرناونہِ گژھُن گیہ حماقتھ۔بیٚیہ تہٕ چھُ مےٚ یہ پیشہٕ کھران''

''مہ دِپہٕنس رزقس دقہٕ''۔

تم چھِ سبٹھاہ کم اُجرت دِوان تہٕ فأید کیاہ چھُ گژھن تام پونسن پتھ پان مارُن؟''

تمۍ دیتنس بڈٕ بدَلی سان جواب تہٕ پأٹھۍ زنتہٕ پنٕنہِ خیالک جواب دوان اوس۔

''تہٕ ژٕ چھُکھ یکہٕ وٹہٕ روپیہِ کوٚمہٕ یژھان''۔تمۍ ترأ ونستاسیہس عجیب نظرِ تہٕ رزٕھادم دِتھ ووٚنُس صاف لفظن منز۔

''آ آ......بہٕ چھُس یک مُشت واریاہ دولت یژھان''۔

''پننہٕ جلدی منز خودانخواستہٕ ...... چانیٚو خیالو کنہٕ چھبس بوتھ ہران، ووٚنی چھا ژوٹ انِنی کِنہٕ نہٕ؟''

''یہ ژٕےٚ خوش گژھی''

''اَوٚہ......مےٚ گوٚمشر بےٚ ژٕےٚ واژأی راتھ چٕھٹھی......ییلہِ اوٚ ری اوسکھ''۔

''دچِٹھی......میانہِ ناوٕ......اما کمۍ سٕنز؟''

''تہٕ چھُنہٕ مےٚ پتاہ ووٚنگوڈا کہٕ وأرلس دِتی مےٚ پننہِ چندٕ ترییٚ کوپک تم دِکھ ژٕ مےٚ واپس؟''

''تیلہِ دِکھناسو چِتھ خودایہِ سٕنٛدِ خأطرِ یوٚری أنِتھ۔پلیز'' رَاسکولن کافن ووٚنس

سپٕدتھی پریشانی منز ......"خودایہ ژٕ ے چھُکھ"

منٹ کھنڈ زیادٕ ے گوٚ تہٕ تمہِ اَنی چِٹھی یوٚسہٕ اَمِس ماجہِ سوٗزمٕژ اَس۔ رَاسکولن کافس ڈوٗل چِٹھی وُچھتھ بُتھیک رنگ کیازِ از واٗژتس واریاہ کاٗلی یہِ اَکھ چِٹھ ......مگر دوٚیِم احساس ووٗ تلِتھ لوٗگ تس دِل زور زورٕ دُبراٗے کرنہِ"۔

نستاسیہ یوٚ چھُس ووٚنی تنہا روزٕن یژھان۔ ژٕ رَٹھ ترینٕ کوٚپک تہٕ خوداپہِ سٕندِ خاطرٕ نیرتہٕ ووٚنی نبر۔ ووٚتھ سانیر نیبر پلیز!"

دُرَاسکولن کاف سٕندِس اَتھس منز اَس نہٕ تھتھرایہِ کنہِ چِٹھی ڈٕرتھٕ ہیٚکان۔ سہٕ اوسنہٕ نستیاسیہِ ہِس بروٚنہہ کنہِ چِٹھی کھوٗلنی یژھان بٔلکہِ اوس وُنکبس یژھان کمرس منز پرٕ یہِ چِٹھ خلوکھ پاٗٹھی۔

ییٚلہِ نستاسیہ کمرٕ منزٕ نبر دٕژلیہِ دُرَاسکولن کافن مٔژھ چِٹھی اَچھن تہٕ گرٕ ی نس میٹھ تہِ مونہِ۔ پتہٕ اوس ایڈرسس تھلہِ تھلہِ وُچھان یُس ماجہِ پننو شہلیوٚ اَتھو پٔنس محبوٗب تہٕ ویدِس زاٗوِلس خطس منزٕ لیوٚکھمُت اوسُس یِیمہِ سہٕ اکہِ وقتہٕ لیکھُن پرُن ہیچھنومُت اوس۔ چِٹھی کھولنس منز کوٚ رنمی ہنا تاٚمل تِکیازِ تس پیوٚ خبر کیاہ وہمہِ دِلس۔ خاٚر اٚخرکار کوٚرُن جگرٕ دوٗرتہٕ مُژراٗوِن چِٹھ۔ یہِ اَس زیٹھ چِٹھی یوٚسہٕ دوٗن بڈبن کاغذہن پیٹھ زاٗ وجہِ عبارژ منزٕ لیکھِتھ اَس۔

"میانہ ٹاٹھِ روڈیا" تِتھے پاٗٹھی اوسنس ماجہِ لیوٚکھمُت۔ "تنہٕ گیہٕ زٕ ریتھ ییٚلہِ چِھ ہٕنٛدِ ذریعہٕ ژٕ ے سٕتی مُلاقات کوٚرمُت چھُم۔ تنہٕ کاٗژا پریشان روٗزس بہٕ تمیک اندازٕ ہیٚکھ ژٕ یہِ زاٗنِتھ کرتھ زِ مےٚ چھےٚ نہٕ تنہٕ فِکرِ وسٕتی ننِدرِ زولہٕ تہِ گرٕ مٕژ۔ مگر وہمید چھم اَمہِ طویل خاموشی خاٗطرٕ مانکھ نہٕ مےٚ سزاوار۔ یہِ چھےٚ پانس تہِ پتامےٚ چھُ زوٗ ژے منز تہٕ ژٕ ے چھُکھ دوٗنیہ تہٕ میانین اَچھن ہٕنٛد خاص مرکز۔ ژٕ ے چھُکھ ساٗنی بڈ دولتھ تہٕ بوٚ ڈ آشہِ کُل۔ میانہِ گوٚ براٗمےٚ زن پیوٚ تمہِ وِزِ پہاڑ پیٹھ ییٚلہِ بوٚزم ژٕ ے چھےٚ پونسہِ تنگی کنہِ

کینژٕ ورہتو پیٹھٕ یونیورسٹی گژھُن تروومُت۔ ٹیوٗشن تہٕ چھِے اتھ گومُت تہٕ ووٗنی چھُکھ بیکار۔ مےٚ چھُنہٕ کہنٛی تارپلان زِ بہٕ کتھ کرے ژےٚ اَکھ ہَتھ تہٕ وُہن روپلین ہنٛدِ موموٗلی سالانہٕ پینشنہٕ منٛز مدد؟ از برونٛہہ ژور ریٚتھ یم پنداہ روپئی ژےٚ سوزاٚے تم اَس مےٚ یہِ زن ژےٚ پتاہ چھُے شہرکس تاجر ویلی مرچنٹس نشہِ پینشنچہٕ ضمانژٕ پیٹھٕ پیشگی قرضہٕ ژٕمتی۔ سہٕ چھُ اَکھ رحمدل انسان تہٕ ییٚہٕ اوسُے مالِکی سُند یار۔ چوٗنکہِ مےٚ اوس تِمس پینشن وصوٗل کرنُک یختیار دیُتمُت اِمو کہِ پیٚومےٚ سوٗرُے قرضہٕ چکاونس تام پیارُن تہٕ ژیٚتہِ ہیچے سَے نہٕ اونٛتام کانٛہہ پونسہٕ ٹوٗنکھ سوٗزِتھ۔ تہٕ خاٗر شُکر خوداہِ سُند ووٗنی ہیکے بہٕ ژےٚ کم کینژٕ ہاسوٗزِتھ۔ ییٚہِ پزِ اَسہِ ووٗنی پٔنِس قسمتس پیٹھ ناز کرُن۔ تِتہٕ ونے کیازِ۔ ژےٚ آسی گوڈے امیک اندازٕ کوٚرمُت میانہِ گوٗبریازِ بیٚنہِ چھِے ووٗنی پٔتمیوٗ شیوٚ ہفتو پیٹھٕ مےٚ ءستی روزان تہٕ یوٚ ژھے خوداین ووٗنی گژھونہٕ زانٛہہ جُدا۔ الحمد اللہ اٗمی ہٕنٛدِ بن مصیبتن لوٗگ کہٕی تام اَنٛد بوٚر۔ چھُنا صلاح بہٕ وِنے ژےٚ وضاحتہٕ سان ساٗرُے دلیل۔ یہِ سوٗرُے کتھٕ پاٗٹھی سپد۔ تہٕ تنہٕ کیازِ تھوومےٚ یہِ ژےٚ نش کھٔٹِتھ۔ بوز...... یِیلہٕ ژےٚ از برونٛہہ زٕ رِہتھ چِٹھِ منٛز لیوٚکھمُت اوسُے مےٚ بوز دونٛہس چھِے سیوادری گیلافنہٕ گرِ مصیبتو تالہِ کنٛی ژٕٹھ کڈٕ مژٕ تہٕ اچھ وضاحت اٗسے پزٕ ژھمٕ۔ بہٕ کیاہ ہیکہٕ ژیٚے اتھ متعلق لیکھِتھ۔ تہٕ ووٗنی ہرگاہ بہٕ ژیٚے نشہِ سوٗرُے پزٕ بیان کرٕہا میانہٕ گوٗبریاہ ژٕ تراوِہکھ تیٚلہِ اَتہِ سوٗرے اَتی تہٕ پیدل تیے پیٚہِ ہی یِن کُنی آنہٕ یِہکھ اَسہٕ نشہِ کیازِ مےٚ چھِے ناچاٗنی خبر ژٕ کیٚتھ جذباٗتی چھُکھ۔ سوال اوساژٕ کرِہکھ پٔنہٕ بیٚنہِ ہنٛز بےٚ عزتی برداشت۔ مےٚ گیہ پانس ہوٚ زتھےٚ تِمنٛز کِتر مگر بہٕ کیاہ ہیکہٕ ہاگرِتھ ییٚہِ سپد نہٕ مےٚ تمہِ وِزِ امیک ژوٗک مولوٗم۔ دلیل بنیےیہِ یِتھ کنٛی "دُنیاہن یِیلہِ یہنٛد گروستانہِ ہنٛدِ حیثیتہٕ کاٗم کرٕنی لاٗج تمہِ ہیوٚت یمن پیشگی اَکھ ہتھ روبل یِتھ شرطس پیٹھ زِ سو آسہِ پزٕ تھ رٕیتہٕ یہٕ رقم ہورنس تام پٔنہٕ تنخواہ منٛزٕ اَڈ ہن تراوان۔ تہٕ ووٗنی اوس نا قرضہٕ ہورنہٕ وراٗے تمن

جواب کرُن مشکل۔ یہ رقم (میانہِ شوٗشہِ بہٕ وَنے ژےٚ صاف پاٗٹھی) ہیٚژ وتمہِ صرف چانہِ باپتھ ییلہِ ژےٚ شیٹھ روبل سۍ ضروٗرتھ اٗسی۔ یمے گیہ تم شیٹھ روبل یم ژےٚ پرُس رچے یتھ۔ تمہِ وِزِدِیتے ژےٚ اَسہِ بربم یہِ لیکھنہٕ ستی زِ یم کڈی اسہِ دوٗیینہِ بچت کھاتہِ منزٕ مگر تہِ اٗسنہٕ گیٚھے تہٕ ووٚنی ووٚنمے ژےٚ امہِ کنی کتھ وضاحتہٕ سان تِکیا زِ شکر چھُ خودلیہِ سُند ووٚنی ہیوٚتُن بخت یاور سپدُن۔ بیٚیہ تری ژےٚ یتھ پاٗٹھی فکرِ بیٚنہِ دوٗنیہس کوٗتاہ توٗٹھ چھُکھ تہٕ سو کمہِ دِلچ کوٗرچھےٚ سیوادری گیلافن کوٗر گوڈٕ گوڈٕ دوٗنیاہس نسبتھ سۍ ظالمانہٕ رویہِ اختیار تہٕ یکہٕ وٹہٕ بیہنہٕ وِزِ اوُسس رمزٕ دِوان تہٕ ٹسنہٕ ژٹان...... خاٗر بہٕ چھس نہٕ تم ساٗری ستم لیکھتی چون دِل وُدٕاٗسی کرُن یژھان۔ خاص پاٗٹھی ییلہِ زن ووٚنی حالات بالکل ٹھیک چھِ۔ موختصر اٗس تہٕ مسٹر سیوادری سنزٕ رحمدل زنانہِ مارفتہٕ باقیٕ گرِ باٗژن ہٕنزِ رتہِ ورتاو باوجوٗد دوٗنیہ کنڈ بن پیٹھ خاص پاٗٹھی اوُسس تمہِ وِزِ مشکل گژھان ییلہِ سیوادری گیلافس شراب کِس نشس منزٕ، موج مُستی ہٕنزی عادوٕ تلتھ یوان اٗس۔ ژٕ ہیکھ یہِ خیال کٔرتھ پتہٕ کیاہ آسہٕ تسنزِ امہِ ورتاوٕچ صفاٗیی کرنہٕ آموٚ۔ میانہِ روٗڈیہ گوڈٕ کتہِ نہی ژےٚ سہٕ پاگل اوس گوڈٕ پیٹھے دوٗنیہ نِس اُلفتس منزٕ ہینہٕ آمُت۔ مگر ووٚنی اوس اَتھ خاہشہِ کمینی تہٕ نفرتگ پرٕ دولان۔ شاید اوٚ کنی زِ سہٕ اوس پنٕنزِ واٗنس مدِنظر تھاوتھ پنٕنہِ اَتھ حرکژ پیٹھ شرمندہ تہٕ بیٚیہ واریاہن شرٕ بن ہُنٕد مول آسنہٕ کنی تہٕ۔ اوٚ کنی اوس سہٕ دوٗنیہس ستی ناراضگی ہاوان۔ بیٚیہ چھُ یتہٕ ممکن سہٕ ما اوس دوٗنیا ستاونہٕ تہٕ تس کتھ کڈنہٕ ستی لوٗکن اند ریزٕ رکھٹن یژھان مگراٗ خرس ہیوٚک نہٕ پانس پیٹھ قوبوٗ کٔرتھ تہٕ دوٗنیہس نشہِ گرِن پنٕنزِ شرمناک خاہش اظہار تہٕ کم کم فریب دِتھ ہیوٚاٗن ورغلاوِنی۔ حد چھُ وعدٕ اوسنس دیتُمت اگر دوٗنیہ راٗضی سپدِ سہٕ تراوِسورے تہٕ گوڈٕ بینیس جایہِ بسنہٕ یا ژلہِ تس ستی مُلکہٕ نیبر۔ ژےٚ تری ووٚنی پانے فکرِ دوٗنیہس کیاہ پیوٚ اَتہٕ ویتر اوٗن مگر ملازمت پیچ نہٕ تراُوتھ فقط پیشگی قرضہ ہیٚنہٕ سبہٕ۔ بیٚیہ اوٚ کنی زِ سوٗ اٗس مارفاتہٕ

ہۆژن نظرن منز پنٕن مقام رژھراوِتھ تھاوُن یژھان یوٚسہٕ نتہٕ خبر کیاہ شک گژھتھ ہیکہِ ہے تہٕ دۄنیا بنہِ ہے گرس منز ناچاقی تہٕ فسادُک گوڈ۔ بیٚیہِ گژھہے دۄنیا بتھ گنہِ لازمن رُسوایہِ عالم۔ بیٚیہِ تہِ اۆسی کینٛہہ وجوٗہات یموٚ کنی دۄنیہِ اَتھ گرس منز دویمہِ ڈوڈ ریتہٕ خاطرِ روزنس پیٹھ مجبوٗر اۆس۔ ژٕ نے چھُیہ پتاہ دۄنیا چھےٚ شکہِ ورایے سیٹھہٕی چالاک تہٕ مضبوٗط یراد چ، سو ہیکہِ کینٛہہ تہِ ویٚتر اوِتھ تہٕ مصیبتن ہنٛد تالہِ کنی ژھٹ کڈنہٕ باوجوٗد تہِ چھےٚ ثابت قدم روزان۔ تاجُب چھُ مےٚ تہِ لیچھِ نہٕ تمہٕ سارے کتھہٕ یہ زانتھ بہٕ ماکھیٚمہٕ تراس۔ حالانکہِ خط وکتابت اوس لگاتار سپدان۔ خارا تھ ساری سےٚ لوٗگ وونی اکہِ عجیٖبی طریقہٕ اند بوٗرتہٕ جنجال موکلیو۔ بوز کتھہٕ کنی۔ اکہِ دوہہ وُچھ الغابہٕ مارفایہ پانہٕ زِ تسنٛد خاوند اوس دوٚنیہس باغس منز کھور رٹان تہٕ کم وِلزار کران مگر تمہِ کوٚڈ اَتھ غلط مطلب تہٕ دۄنیہس الزام دِتھ مانٛزی سوے بچارِ اپنچ قصوٗروار۔ اَکھ وحشت ناک تماشہِ سپدٕ یمن درمیان باغس لندر ے۔ مارفا تیزے یہِ پرٛاہ ز دۄنیہس وانٛی دوبوٗسہ تہٕ تمسنٛزِ اۆکس کتھِ تہِ تھووُن نہٕ کن بلکہِ رۄز الہِ پلہٕ اۆکس گنٛتس اسمان نکھس تُلتھ تہٕ پتہٕ کوٚڈن حکم زِ دۄنیہِ گژھہِ پھٹاپھٹ ماجہٕ نشہِ اۆکس گریس سنٛدس چھکرٛس منز سوزنہٕ ینٛی۔ اَتھی چھکرٛس منز اوس تموٚتمی سنٛد سامانہٕ اَدرِ کھل گژھتھ بوٗرمت۔ پلون تہِ اوسس نہٕ تاہ گژھتھ نہٕ اَسس گنہِ منز بنٛد۔ اَمی وقتہٕ وولنس رۄدچھرٕ تہٕ تہٕ دۄنیہس پیوٚ بے عزتی تہٕ شرمندگی سان قصبس تامُک الہِ پلہٕ باہ میل سفر اَمس گرٛیستس ستی گنی زنہِ کڈُن۔ وونی کرتہٕ ژٕ پانے خیال بہٕ کیاہ لیٚکھہ ہاے تتھ چٹھہِ درجواب یوٚسہٕ ژٕ نے زٕ ربتھ بروٚنہہ لیچھموٚ اۆسےٚ۔ مےٚ آسہٕ پانس پرٕ پچھہٕ۔ مےٚ کوٚرنہٕ جُرعت ژٕ نے پرز لیٚکھنُک کیازِ ژٕ نے راوِہی سوکھ۔ ژٕ نے وسہی ٹیٚنٛٹھ تہٕ بنان چھُ ژٕ تلکھ کانٛہہ ووکھ قدم۔ ژٕ کیاہ زنن کرٕ ہۆکھ حقیقتُک پےٚ لگنہٕ پتہٕ!...... ژٕ ہیٚکھ پنٕن پان ماٗرتھ! تیمی کنی مےٚ دۄنیہس کینٛہہ نہٕ لیٚکھنُک تاکید کوٚر۔ تہٕ مےٚ بوٗرسہٕ خط لوچھیو لوچھیو کھوستی حالانکہِ میون دِل

قصبس اند ررٕزیہ فقیر اوس تمہ وِزِ غمہٕ ستی بُزنہٕ آمُت۔ تہٕ بہٕ ہیچس نہٕ سہ غم باوِتھ۔ ماجہ کورٕ زٕ اَسی رُسوائی سپز تام حدس یتھ تہٕ پیٹھ زیوٚ ہُنٛز کُن لوٗکھ اکِس ریٚتس الہ پلہٕ اکِس نٕ گرِتھ چھان۔ اَکھ اکِس کُنٛز زٕ کرِتھ بُتھ ٹھ کُن اَسہِ لوٗکھ اس کیا زِہ گرٕھتھ گرِتہ گرجا نہٕ گر زان پچھان وأل لگی اَسہِ نشہِ لوٗ ونان۔ متعلق نازیبا کتھٕ ونان تھدِ تھد اَسہِ باضے تہٕ ونان کلرک کینٛہہ توٚگ بوزُن زن مےٚ بیٚیہِ یہِ کران تہٕ سلام نہٕ اوس کانٛہہ زِ تام یوٚ روزنہِ مکانٕکہ سانہِ اُس تم۔ یرٕھان چھاوِنی مند طریقہٕ شرمناک سبٹھے اَسہِ اَسی دُکاندار بایہ نیرنہٕ منٛزٕ مکانہٕ اَسہِ مالکنہٕ تیمکٕنی مکانہٕ۔ بناوان داغدار متھتھ تارکول دروازس سانہ غرضہ کہِ کرنہٕ بدنام دوٗنیہِ یوسہٕ بناونہٕ ڈٔسی ہُنٛدِ مارفایہِ آو منصوبہٕ سوٗرے یہِ ونٛ ہمسایٛن سارنے ساننہِ سوزانہِ۔ گیہٕ کرنہٕ چینی عائب تسنٛزٕ منٛز گرس پٕتھ قصبکس تہٕ کتاج ونو کتھٕ زن یتھ سوچھےٚ نکہ چٕ روزان یوان تار لگا پوٚر سو اُس ریٚتس اتھ مشتاق کڈنٛچ پٕٹ خاندارس پہٕنس تہٕ کڈنس ٹھپرٕنہِ ٹھلہٕ گرچہِ پٕننہِ تہٕ وستاد دو منٛز کرنس یہِ زن جان چھُنہٕ۔ تمہِ وٗنی پہٕنس خاوندٕ ہُنٛز یہِ دلیل پٕتھ اکِس ویٚتھنہٕ اوِتھ۔ یہِ زن پزٕر پأٹھی سوادلہٕ بدل ونان اُس۔ تہٕ سو گیہٕ سبٹھاہ کم کالس منٛز یہِ کتھ پھالأوِتھ دوٗنیہِ نِس ڈیکس رب لدنس منٛز کامیاب تہٕ گتھ روزٕنہٕ۔ یتھ قصبس تامے محدوٗد بٔلکہ وأتٕھ أندی پکی کنہِ ضلعن تام تہٕ۔ یتھ پأٹھی روٗزنہٕ مےٚ کانٛہہ توٚتھ باقے۔ اما دوٗنیہِ روٗزتھٕ پیشأنی سان یہِ سوٗرے برداشت کران۔ تٕ گوٗتھکھ پانہٕ وُچھن تمہ کنی وتر دو یہِ سوٗرے تہٕ۔ کتھٕ کنی روٗزمےٚ خوش تھاونٛچ تہٕ آرام دیاونٛچ کوٗشش کران۔ لیس زن وُنٛ شوٗیہِ پزی چھےٚ سو اکھ فرشتہٕ خأر اُخرس لوٚگ خودایہٕ ہُنٛد رحمہٕ کرمہٕ یمن مصیبتس اند بوٚر۔ یہٕ پأرِ آو سیوادری تہِ ہوشہٕ تہٕ لوٚگ پچھتاونہِ۔ شاید گوس دوٗنیہن حالت وُچھتھ افسوٗس تہٕ تمی کوٚر پٕننہِ خاندارنہِ مارفایہِ بروٗنٛہہ گنہِ دوٗنینہِ بےٚ گوناہی معصوٗمیتک سیکہٕ تہٕ موتبر ثبوٗت پیش۔ یہِ ثبوٗت اوس اَکھ چِٹھی یوسہٕ لیکھنس پیٹھ دوٗنیہ

مجبوٗر گمژ اُس تہٕ باغس منز مارفایہِ ہُنٛدِ وُچھنہٕ بروٗنہہ اُس تمہِ سو چِٹھ سیوادری لیس دِژمژ ۔ اَتھ چِٹھِ منز یوسہٕ دوٗنیہِ نیرنہٕ پتہٕ سیوادری لیس اَتھی رٲو زٕمژ اُس اوس تمہِ لیٚوکھمُت زِ سو ہیکہِ نہٕ ژوٗرِ ژھیٚپہٕ تہٕ بِر سأوی طریقہٕ تس (سیوادری گیلافس) سمکھتھ یِیمہِ باپتھ سہٕ ٲتس عاجز کران چھُ ۔ تمہِ اوس تس سخ تیز تہٕ تتھن لفظن منز لیٚوکھمُت زِ سہٕ چھُ پننہِ خاندارنہٕ مارفایہِ ہُنٛد اعتماد کھنڈی پھُٹٕ کران تہٕ تس دوکھہٕ دِوان یہ زن تس اکہِ خاندانک زیٚٹھ تہٕ قابلِ احترام بزرگ آسنہٕ کِنہِ زیبان چھُنہٕ ۔ تمہِ اوس تس پتہٕ لیٚوکھمُت زِ یہ کاُژاہ شرمناک تہٕ شیطانی ہُنز کتھ چھےٚ سہٕ سَتاوہِ اَکس بیےٚ سہارٕ کوٗرِ تہٕ کرِیس دِل اوزرِ دِییلہِ زن سو گوڈے حدِ روس غمہٕ لدتہٕ رنجیدٕ چھےٚ ۔ میانہِ روڈیایہ چھُی چھےٚ پزی اَتھن پُراثر تہٕ وأنجہ سنن والین لفظن منز شریفانہٕ آیہ لیٚکھنہٕ آمژ زِ یِیلہِ مےٚ پرِ مےٚ چھِ ہکی لگمتی وِدان وِدان ۔ از تہٕ اگرے پران چھُس مےٚ چھُنہٕ اوٚش ٹھہران ۔ امہِ علاوٕ گیہِ نوکرن ہُنٛدِ شہادت دِنہٕ کِنہِ تہٕ یہِ بدنأمی دوٗر ۔ تم اُس اَمہِ دلیلہِ ہُنٛدس ژٕ کس تام وأقف گأمتی ۔ حالانکہ سیوادری گیلافس اوسنہٕ گُمانے زِ نوکر چھِ اَتھ وأقف ۔ یہ زن ہمیشہِ نوکرن متعلق سپدان چھُ آمُت ۔ نوکرن ہُنزِ گوأہی ٲسی وأژ سو بیٚیہ تتھی سو تھرِس پتھ بیٚتہِ سو دوٗنیہس پاک تہٕ قابلِ احترام مانان اُس تہٕ تتھ پأٹھی گیہ سو دوٗنیہِ پاکدامنی ہُنز قایل ۔ پگاہ کیٚت اُس چوٗنکہِ آتھوار مارفا گیہ سیٚو ڈےگرجس انٛدر تہٕ سجدس منز روٗزِتھ اُنٛجِ حضرتِ مریمسٕ بروٗنٹھہ کنہ وِدہ رِوے کرنہِ تہٕ دُعا منگنہِ زِ سو گژھِہ اَتھ نوٗ آزمایشہِ منز پوٗرٕ وُترِنی تہٕ پنٛن فرض نِکھہِ وأتلِتھ ہیکنی ۔ گرچہ منز نیرِتھ آیہ سو سیٚو ڈےسون تہٕ ذٕنی ساری دأدی کانگر ۔ یُتاہ وودُن زِ دِزٕ وُن نار گژھِ ہے ژھیٚتہٕ ۔ دوٗنیہ رٕٹن وچھس ٲسی تہٕ کأر نوٗم رتھ منجی نس معأفی ۔ اَمی دوہہ صبحس کیٚت دژ لیہ سو گنہِ تاخیرِ ورأے تہٕ قصبس انٛدر گیہِ پزِتھ اَکی سُنٛد گرِ بیٚتہِ اوٚش ہأری ہأری موٗدھرِ بن لفظن منز پننہِ غلطی ہُنٛد اعتراف کرِتھ دوٗنیہ نہٕ معصوٗمیتکی گوٗن پھران اُس تہٕ تہنٛد بن شریفانہٕ

جذبن تہٕ رٕتہِ کردارٕ کی پرٛژ تعریف کران اُس۔ امہِ کھوتہٕ کیاہ کرِ ہے زِ دۄنیہِ اتھ سیوادری گیلافہٕ ہِندِ ناوٕ پچھٕ چٹھ ہاوٕن پرٛتھ کانسہِ تہٕ پرٛنک موقہٕ دِنہٕ علاوٕ دیتنکھ امیک نقل کرِتھ پانس نشہِ امچہِ کاپیہ تھاوٕنک اجازت تہِ۔ حالانکہِ یوٗتاکرنٕچ اُس نہٕ ضرۄرتھ۔ خاریتہٕ پاٹھی روٗزسو واریاہن دوہن ساری سے قصبس ژھٹ کڈنس منز آوٕر۔ تکیازِ کینہہ لوٗکھ اُس نہٕ دوٗیمین چِٹھی پرٛنچ واری دِوان تہٕ تم اُس تتھ گرس منز ہیوٗ رہیوٗر جائے رٹنہِ برونہہٕ واتان یوٗت مارفا اژان اُس تہٕ یتھٕ پاٹھی اوس پرٛتھ گرس منز لوٗکن ہُند جم گوٗڈھ آسان۔ لوٗکن اُس یہ پتاہ آسان زِ مارفا کرِ کمہِ وقتہٕ تہٕ کوٗ ہند گرا اژِ چٹھ پرٛنہِ تہٕ تتہِ اُسی جمع گژھان تہٕ چِٹھی بوزان حالانکہِ کینژٕ و اُس پرٛنہٕ پرٛنہِ گرِ یا دوٗیمین ہُندِ گرِ یہ واریاہِ پھرِ بوٗزمٕژ آسان۔ میانہِ رایہِ مُطابِق اوس امہِ کاروائی ہُند بوٗڈ حصہٕ غارضرۄری خاریہ چھُ اُمس مارفایہ ہُندِ کردارٕے یتھے۔ بہرحال تمہِ پرٛاو دوٗنیاہنز نیک نامی نوٕسرٕ بحال کرنس منز پوٗرٕ پاٹھی کامیابی۔ تہٕ یتھٕ کُنی درٛاو تمہِ شرمناک حرکژ ہُند یہ ترٛزٕ تہٕ ہُندِس خاوندس سپٕز یژھہ رُسوائی زِ سہٕ روٗ دِنہٕ کانسہِ بتھ دیُن لاکھ۔ سہٕ آو فرداُ امیک قصوٗ روار مانہٕ تہٕ تیتھ نسکھ کوٗ ڈہس زِمے آو تمس پیٹھ رحم تہٕ سخ پھیوٗرم۔

دوٗنیہس آیہ ٕستی واریاہن خاندانن ہندِ طرفہٕ بطورِ دوستانی کام کرنٕچ پیشکش کرنہٕ اماپوٗ زتمہِ ہیوٗت نہٕ مٹہِ تہٕ ہنگتہٕ منگہِ پاٹھی لگی تس ساری خاص نظر دوٗ چھنہٕ تہٕ یرٛتھ کرنہِ۔ یتھٕ پاٹھی گیہ بدلے حالات پاٗدٕ یتھ زن وُنی پرٛسون قسمتھے بدلیو۔ میانہِ گوٗبرٕ خاص کتھ چھے یہ زِ دوٗنیہس آو اُکِس شخصہٕ ہِندِ طرفہٕ تس ستی نِکاح کرنک درخواست تہٕ سوتہِ سپٕز تس ستی خاندر کرنس پیٹھ رضامند۔ بہٕ وَنے ژٕ ے اچھ تہٕ ساری دلیل۔ تہٕ اگرے یہ گژھ ژٕ ے مشورٕ ہیٕنہٕ وراے طے سپٕز مے چھُ باسان حالات وُچھِتھ گوٗھکھ نہٕ مے تہٕ نہٕ پرٛنہٕ ہیٛنی ویہڈٕ۔ ژٕ ے تری پانے فِکرِ زِ اُسی کتھٕ ہیکھو ے ژٕ ے پرٛاُرِتھ یا چون جواب واتنس تام پرٛنُن فاصلہٕ مُلتوی تھاوٕتھ۔ ینہِ کتہِ ہیکھکھ ژٕ

أچھودٕ رِواقعاتن ہُند صحیح اندازٕ لگاوِتھ۔ بوز دلیل یہِ، کتھ سُپد۔ پیٹر لزِھن نامی یہِ شخص چھُ مُشیر۔ تہٕ مارفایہِ چھُ کیہتام دٕ ردرازٕ آشناولیٖنژِ۔ تہٕ سوے رٕ زیہِ رشتہٕ گنڈنس منز کمر گنڈِتھ۔ اَتھ وٕتھ دَس یتھٕ کُنی زِمی اُس مارفایہِ نشہِ اَسہِ سمکھنچ خاہش ظاہر کرمژٕ۔ اَسہِ تہٕ کوٗرُس شوٗبہِ دار استقبال تہٕ اَسہِ ستی چیٖبن کافی۔ اَمہِ دوٗہہ صبحس کیٖت سوٗ زِمی اَسہِ اَکھ چِٹھی یتھ منز تمی خاندرچ خاہش بڈٕ شریفانہٕ طریقہٕ کرمژٕ اُس تہٕ فورنےٚ سبقہٕ جواب موٗنگمُت اوس۔ سہٕ چھُ اَکھ سیٹھاہے عدیم الفرصت اِنسان تہٕ گتھ تام کامہِ ہِندِس سلسلس منز چھُس ووٗنی جلدی پیٹرس برگ شہر گژھُن اِو کنی چھُ تسُند اَکھ اَکھ ژیہہ مولُل تہٕ اہم۔ گوڈٕ گیہِ اُسی پزٕ پاٹھی سخ حاران تکیازِ یہِ سوٗرے سپُد سیٹھاہ جلد تہٕ تمہِ وِزِ ییٚلہِ تہٕ اپچ ووٚمیدی اُس۔ پوٚز دوٗہس کوٗر اَسہِ اَتھ پیٹھ غورتہٕ مشورٕ۔ سہٕ چھُ اَکھ قابلِ اعتماد خوشحال اِنسان۔ ووٚنکیس چھِس زٕ سرکاری عہدٕ تہٕ بروٚنہےٚ چھِہن خاص دولت جمع کرمژٕ۔ اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ سہٕ چھُ ووٚنکیس پنژتاجہہ وُہر مگر چھُ خوش ڈول، تہٕ زنانہٕ آسن ووٚنکیس تہٕ تس کُن وُچھِتھ بڑیمان۔ یژتھ دراتہٕ چھُ تہٕ قابلِ فخرتہٕ ووٚنگورژھ کھنڈٕ چھُ خوشکی یا۔ یتھ خود پسند ونو۔ اماپوٚز یہِ ہیٚکہِ فقط اَکھ اندازٕ آستھ یہِ اَسہِ سہٕ گوڈٕ نِکہِ پھرِ وُچھِتھ محسوٗس کوٗر۔ مگر میانہِ اَچھ گاشہِ "رٕ ڈیا" حبس تہٕ ہوش کرزِ ییٚلہِ سہٕ کینہہ کال گژھتھ اورواتہِ تہٕ سہٕ وُچھِتھ اگر ژےٚ تسُند کانہہ طور طریقہٕ کھوٚرےٚ تہٕ مہربانی کرتھ کری زٕنہٕ (یہِ زن ژےٚ عادتھ چھے) گوڈنچہ لٹہٕ وُچھتھےٚ تس متعلق کانہہ غلط رائے قایم۔ یہِ چھے میانی وارننگ۔ حالانکہِ مےٚ چھُ پوٚز یقین زِ سہٕ کری ژےٚ سکھ مُتاثر۔ بیٚیہِ چھُ یہِ ضروٗری زِ اَکھ اِنسان زانِنہٕ تہٕ مانِنہٕ خاطرٕ پزٕ موحتاط تہٕ ہوشیار رٕ زِتھ تمِ غلط خیال یم گوڈٕ ذیہنس منز ووتلن دٕ رکرٕنی تکیازِ پتہٕ چھُ یم خیال مشراونی تہٕ چھلنی مشکل گژھان۔ لِہٰذاہِ چھُ یہِ زن تہنزٕ وحرکژ وتلہِ فکر تران چھُ مکمل پاٹھی قابلِ یزتھ انسان۔ ییٚلہِ سہٕ گوڈنچی پھرِ اَسہِ سمکھیوٚ تمی ووٚن صاف پاٹھی زِ سہٕ چھُ اَکھ کاروباری نفر

اماپوٚز تمہِ پتہٕ تہِ چھُ سانہِ نوٕہ پُیہٕ ہنٛزن ہیر فیشن منٛز شریک روٗزِتھ وقتس ستی ستی پکان تہٕ پزٕ بتھ قسمچہِ طرفدأریہِ خلاف۔ تمی وَنہِ بیٚیہِ تہِ یژھہٕ کٔرِ شاہ کتھہٕ ییٚمہِ کنہِ سہٕ رژھا مغروٗر تہٕ خودنمأیی کران باسان چھُ تہٕ بیٚیہِ چھُ یژھان سأری گرٛژھی توہنٛدِ بوزٕنی۔ خأر مےٚ چھُنہٕ یہِ کانٛہہ تہِ عأب باسان۔ تہنٛز وکتھو منٛز توٚرمےٚ سبٹھا کم فِکرِ اماپوٚز دوٗنہن وٗن مےٚ پتہٕ زِ لُذھن چھُنہٕ تیوٗت پوٚر رُمت لیوکھمت مگر چھُ سبٹھا چالاک تہٕ بیٚیہِ گرٛژھِ رٕتہِ فطرتک آسُن۔ میانہِ روڈیاتڑےٚ چھےٚ پنٕنہِ بٕبنہِ ہُنٛد چال وچلن معلوٗم سوٕ کٔرِ شاہ مستقل مزاج، دانا، صأبرٕ پُر اعتمادتہٕ شریف النفس کوٗر چھےٚ تہٕ بیٚیہِ چھےٚ سو سبٹھاہ حساس یہِ زن مےٚ پوٚرٕ پأٹھی پتاہ چھُ۔ پوٚز اگر بوز کھ ییمن دوٗشوٕنی چھُنہٕ اَکھأکی سُندسرٕ بہہ لذینیسٕ نہٕ دوٗنہس تہِ۔ مگر چوٗنکہِ دوٗنیا چھےٚ اَکھ چالاک تہٕ فرشتہٕ صفت کوٗر سو تھاوِ پنُن فرض زأنِتھ خاندارس خوش تہٕ پنٕنہِ طرفہٕ رَنٛز وِسہٕ تہِ دوٗنیا یہِ ہُنٛد دِل تہٕ تسُنٛد تھاوِ خیال۔ اَتھ اندر کانٛہہ شک تھاونک چھُنہٕ اَسہِ نِشہٕ کانٛہہ وجہ اگرچہِ یہِ مانُن پییہِ زِ اَتھ کامہِ منٛز سپزٕ سبٹھاہ جلد بأزی۔ اَمہِ علاوٕ چھُ سہٕ پانہٕ زانِن وول نفرتہٕ یقین پزٕ تھاوُن زِ سہٕ سونچہِ پانے زِ سہٕ ہیکہِ تیلی زیادٕ خوش روٗزِتھ ییٚلہِ دوٗنیہ تس ستی خوش روزِ۔ تہٕ وونی ونہٕ ہے تسنٛدِ کردارٕ چہ کینژھہ کمزوٗریہِ۔ عادتن تہٕ کینژن خاص متضاد راین متعلق ییمہِ کامیاب ازدوأجی زندگی منٛز تہِ درٕ ٔینٛٹھی یوان چھِ...... تتھ متعلق وٗن دوٗنہن زِ تیچ ذِمہٕ دأری گیہِ تسی پتھ تراوٕنی تہٕ ییمن لوکچن خأمین ہنٛز لگہِ نہٕ فِکر کرٕن کیازِ سو کرِ یہِ سوٗرے برداشت یہِ زن تہنٛدُ ے گُفت چھُ مگر شرط چھُ یہِ زِ تہنٛد مستقبلُک رشتہٕ آسہِ یزٕتھ دارنہٕ کھریو ورأے سیزرس پزٕرس پیٹھ۔ مےٚ ژٕج کھوٚ روتلہٕ تہنٛز وکتھوٕ ستی زمین تہٕ بیٚیہِ باسیوم سہٕ تسُنٛد خو مگر دراصل چھُ سہٕ صاف گوتہٕ ٹاس پٹأسی مٔکن ییٚلہِ سہٕ سون دوٚیمہِ پھرِ دوٗنہن اِقراردِنہٕ پتہٕ آدکتھن منٛز وٗن تمی زِ دوٗنیہ وُچھنہٕ برونٛہہ اوس تمو شبقہ پیداٗ أکس تتھ کورِ ستی خاندر کرنہِ باپتھ کوٚرمت یوسہٕ نیک نام چھےٚ مگر غریبی۔ کنی آسہ

پتھلہِ پیمژ تہٕ جہیز رٹہٕ ہوس نہٕ تیلہٕ تہٕ۔ جہیز رٹنہٕ ورأے اَکس کورِ ستی خاندر کرنکہِ پننہٕ
خیالچ وضاحت کرتمی یہٕ وُنتھ زِ اَکس مردس پزِ نہٕ زنانہٕ ہُنْد قرضدار بنُن۔ بلکہِ پزِ
اَکس خاندارنہِ پننس خاوندٕ سُنْد پوٗر خیال تھاوُن تہٕ تسُنْد محسن بنِتھ روزُن۔ تمی وُنی یم
لفظ یہ زن مےٚ وُنن شوٗبہ میانہِ کھوتہٕ نفیس تہٕ شائستہ طریقہٕ تہٕ مےٚ روٗدی نہٕ تسُنْدی
ورتاوِمتی لفظ یاد بلکہِ روٗدُم فقط مانہِ مطلب یاد۔ یہٕ کتھ وُنی نہٕ تمی ظاہر اَسہِ دلبہٕ تراونہٕ
موٚکھ یا کُنہِ یرادِ بلکہِ ژٕ جس کتھن کتھن منز زبونیر تھ۔ تہٕ یِیلہِ امیک احساس گوس زِ سہٕ
گو غلط کتھ وُنتھ تس ڈول بُتھس رنگ۔ تہٕ اِموٚکھ ہیژ اُنی پتہٕ غلطی شیرُنی تہٕ اَتھ روف
کرُن مگر مےٚ بیوٗٹھ دِلس زِ یہ چھُ تیز طبیعت تہٕ پتہٕ وونمتی دوٗنیہس تہٕ۔ سوٗ گیہٕ گلتھ تہٕ
وونم زبو پھرِنی چھنہٕ کوہ پھرُن۔ ای انسان ونان چھُ تی چھنہٕ کران تہٕ ای
چھُ پزرتہٕ۔

دوٗنیا شوٗنجی نہٕ تمہِ راٗژ۔ کیا ہتام شقہٕ یرادِ کوٚرُن تہٕ یہٕ خیال گرِتھ زِ یہ چھبس
عنبد رِدرایہٕ سو بسترٕ منزٕ نبر تہٕ راتی راتس اَس کمرس اندر ٹلر گتھ کران۔ اَخرس نیمیہٕ سو
حضرت عیسیٰؑ سِنْدِس فوٹوس بروٗنہہ گنہِ تہٕ ژیر تام موٚنگنس دِل پھٹتھ دعا۔ صبحس کیُت
وونن مے زِ تمہِ چھُ فاصلہٕ کوٚر مُت۔

"شاید وونمے گوڈے زِ لُذ ہن واتہِ جلدی پیٹرس برگ یِیتہِ تس بڈ کاربأری کأم
اَنز راوِنی چھےٚ تہٕ ستی چھُ سہٕ پنُن اَکھ بیروٗ قایم کرُن یژھان۔ تِس ووت واریاہ وُرِیو
پیٹھ فوجی تہٕ دیوأنی مُقدمن ہنز پأروی کران تہٕ یِیوٕ زبوٗن تمی اَکھ اہم مقدمہٕ۔
شہرس منز چھُ تس ضروٗری روزُن تکیازِ تس چھُ اسمبلی منز گس تام اہم مقدمہٕ اَنزراوُن۔
ٹاٹھِ روڈیا...... سہٕ ہیکی ژےٚ پزِ بتھ کتھِ منز بارِ مدد گرِتھ دوٗنیا ہس تہٕ مےٚ چھُن پوٗرٕ
یقین دِتھمت زِ ژٕ لاگکھ بالکل اَتی پیٹھ پنُن کیریر بناوُن تہٕ ژےٚ پزی باور کرُن چون
مستقبل آو مشخص کرنہٕ تہٕ کامیأبی کری پدبن ہیٹھی۔ چھُیہِ پتاہ اگر یہٕ سپد ژےٚ کوٗتاہ فایدٕ

واتی أسی مانوسہٕ خودلیہ ہنز بڈ مہربانی۔ دۄ نیا چھےٚ فقط یمے خواب وُچھان۔ اَسہٕ چھُ زۄر جگر کرِتھ لڑھنس نشہٕ اکھ زِ کتھ ؤنِتھ امیک ذکر کوٚ رمُت سہ اوس جواب دِنس منز سکھ ہوشیار تہٕ وۄنہٕ زِ شک کیاہ چھُ اکس منٛشس ورأے ہیکہٕ نہٕ سہ کأم پکٕہ ناوِتھ تہٕ جان گوٚ وای زِ پونسہٕ ٹۄنکھ زہنہٕ پنٛنیٚ بجایہٕ اکس وۄپرہ ہنٛدِ ...... وونگو شرط چھُ زِ آسُن گڑھِتھ قأبل (یہے ناز تہٕ چأنس اہل آسنس پیٹھ شک باسیوس) مگر پتہٕ کوٚرُن خدشہٕ ظاہر زِ کیاہ ژےٚ بچہٕ یونیورسٹی تعلیم پرنس دوران تہنٛدِس دفترس پیٹھ کأم کرنس کئیت وقت اخرس آو یہٕ معاملہٕ کینژہ کالہٕ خاطرٕ أتی تراونہٕ۔ اماپوٚ زدۄ نیا چھےٚ نہٕ وۄنکیس لمہٕ ورأے کہنٛہ تہٕ سونچان۔ سوزنہٕ چھےٚ پتمیو کینژو دوہو پیٹھ تپس منز دزان۔ تمہٕ چھُ گوڈے اکھ باضابطہٕ پلان بنومُت زِ ژٕ کتھ بنکھ اخرس پیٹھ لڑھنُن اکھ نکھ پھیوٚک تہٕ تہنٛدِ کاروبارک جوڑی دریہ زن سپدُن تہٕ گڑھِ کیاز ژٕ تہٕ چھُکھ قوٚنوٗنے پران۔ مے چھُ دۄ نیاہس ستی اَتھ متعلق روپیہٕ ہنز روپے اتفاق تہٕ تہنٛد بن منصوبن تہٕ دۄمیزن اندر چھبس برابر شریک۔ ژٕ تہٕ سن پرِتھ رنگہٕ چھُ تتھے سپدنک احساس سپدان۔ لڑہنہٕ نکھ مرنہٕ باوجوٗد حالانکہٕ اَز چھُ تسنٛد یہٕ ورتاو فطری (ییلہٕ زن سہ ژےٚ ؤنہٕ زانی نہٕ) دۄ نیاہس چھُ یقین زِ پننہٕ برتاوٕ ستی کرِ سو پنٛنس بنن واٲلس خاوندٕ سنٛز پرِتھ کانٛہہ ہمدردی حأصل تیچ تس وَتھ ژھانڈٕنی تگان چھےٚ۔ خأر أسی چھِ وۄنہٕ تتھی منصوبہٕ لڑھنس نشہٕ کھٕٹتھ تھاونس منز ہشیأری ورتاوان۔ خاص پأٹھی تہنٛدِس کاروبارس منز چون شریک بنُن۔ چھُ تہٕ سہ اکھ عملی انسان وونگو بنان چھُ تس ما گڑھِ امہٕ ستی شٕھنیار پاد۔ حالانکہٕ تس باسہٕ یہٕ محض اکھ ڈہلی خواب۔ اسہٕ چھُنہٕ دۄ نیاہن یامے تس نشہٕ پننہٕ امہٕ بجہٕ دۄمیزٕ ہنٛد اظہار تہٕ کوٚرمُت زِ سہ کرِ چون یونیورسٹی فیس برنس منز تہٕ اَسہٕ مدد۔ امیک ذکر کوٚرنہٕ اَسہٕ تس نشہٕ اوٚ کنٛہ زِ تس سپدِ پتولا کن پانے اچھ خبر تہٕ ییٚہ کرِنہٕ سہ پتہٕ یژھ کانٛہہ فرمأیش رد۔ (ہیکیا سہ دۄنیہس امیک نکار کرِتھ) ییٚہ پزی نہٕ ژےٚ پننہٕ محنتہٕ

نِشہِ دور روٗ زِتھ یہِ امداد خاطرا تہٕ رٔنگی پراوُن بلکہِ گرٛھکھ پننہِ کامہِ بدلہٕ تنخواہ رٔنگی زیٖنن۔ دوٗنیا چھےٚ اِیِ سونچان مےٚ تہِ چھُ تس ستی پوٗرٕ اتفاق۔ اسہِ تھوو پٔنن منصوبہٕ تس نِشہِ بیٚیہِ سببہٕ تہِ ژوٗرِسہ یُہ زِ مےٚ یوٚ ژھ خاص پأٹھی ژٕ گرٛھکھ پٔنن پان تس برابر زانُن ییٚلہِ تس ژٕ گوڈنچہِ پھرِ سمکھکھ۔ ییٚلہِ دوٗنبن جوشہٕ تہٕ جذبہٕ سان ژےٚ متعلق ہوا ہس سوٚتھی گنڈی تٔمی وٚون زِ کأنسہِ متعلق ہیکہِ نہٕ توٚ تام کانٛہہ فأصلہٕ نِنہٕ ییتھ یوٚ تام نہٕ سہٕ ُنکھٕ تل وُچھنہٕ ییہِ۔ یہِ چھےٚ تسنٛز رائے۔ تہٕ ژےٚ متعلق تہِ کرِسہٕ پننی رائے ژےٚ ستی زان پچھان سپدنہٕ پتے قائیم۔ ژےٚ چھُیہِ علم میانہِ دُرفلہِ روڑیا! زِ بہٕ چھُس سونچان زِ کینژ ووجوٗہاتو کِنہِ (یمن منٛز لُذھن سُنٛد کانٛہہ دخل چھُنہٕ بلکہِ چھُ یہِ میانہِ ذاتگ تہٕ شاید بُجرٕ کیٚو خدشو کِنہِ) پزِ مےٚ پننی زندگی تہنٛد خاندر سپدنہٕ پتہٕ علٰحیدہ گذارٕنی نہ زِ تمن ستی۔ مےٚ چھُ فِکرِ تران زِ سہٕ چھُ رٔتہِ سونچگ تہٕ بامروت اِنسان تہٕ مےٚ کرِ ضروٗر دعوتھ تہٕ بروٗنہہ کُن خأطرٕ کریم کورِ ستی روزنس پٹھ مجبوٗر تہِ۔ اگرچہِ وُنہِ تٔمی اَتھ متعلق از تام کہنٛہ ذِکر کوٚرنہٕ سہٕ اِوِ موکھٕ زِ یہ چھےٚ سیٚزی کتھ تہٕ اتھ منٛز چھُنہٕ شکے مگر بہٕ کرِس ضروٗر اِنکار۔ مےٚ چھُ زندگی منٛز واریاہِ لٹہِ وُچھمُت زِ ذامترٕ چھِنہٕ ہشہِ ستی سیٚو دِپکان۔ بیٚیہِ چھُنہٕ مےٚ کأنسہِ ہنٛزِ وَتہِ ہُنٛد ٹھوٚ رِبُن پسند۔ تہٕ میانہِ رژرٕ خأطرٕ تہِ چھُ توٚ تام الگ روزُن رُت یوٚ تام مےٚ رِزق پننہِ نرِ زنگہِ یاف روزِ۔ خاص پأٹھی ییٚلہِ مےٚ ژےٚ تہٕ دوٗنیہس ہوی شُری آسن۔ ہاں اگر ممکن سپد بہٕ رٹہٕ توہہِ نزدیکی کمرٕ کرایہِ پٹھ۔ ٹاٹھِ روٗڈیا اکھ خوشخبر چھےٚ چانہِ خأطرٕ یوسہٕ مےٚ چٹھِ ۂندِس اخرس پٹھ تھاوِمٕژ چھَ مےَ۔ تیٚلہِ بوزکھہٕ...... سونہٕ گوٚبرٕ دوٗر چھُنہٕ زِ أسی تریشوٚےَ آسو عنقریب یکہٕ وٹہٕ اکھ أکِس نِشہِ۔ تہٕ ترییٚ وٗری سورنہٕ پتہٕ کرو اَکھ أکِس نرِ آلوِتھ نالہٕ موٚت۔ یہے چھُ طے سپد مُت زِ دوٗنیا تہٕ بہٕ تہِ یمو شہرٕ ے۔ کر نیر وتہِ چھُمنہٕ شقہٕ پتہ۔ مگر سبٹھاہ جلد۔ اندازن أکِس ہفتس اندر۔ امیک دار مدار چھُ لُذھنس پٹھ زِ تس کریہِ اَسہِ دعوتھ دینگ موقعہٕ۔ پانہٕ وارٕ وتہِ لگنہٕ پتہٕ کرِسہٕ اَسہِ فوراً

دعوتھ تِکیازِ تِتھی کینٛہہ معاملہٕ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ سہٕ خاندر یوٗت ممکن سپد تیوٗت جلد کرُن یژھان۔ بلکہِ حضرت مریمٔ سُند روزِ دوٗہہ بروٗنہہ بروٗنہہ، اگر انتظامات سپدِتھ ہیکن تہٕ چوٗنکہِ تیار سپدنس خاطرٕ روٗدکم وَکھ تیٖلہِ گوٚ وامہِ پتے پاہن۔ واہ...... بہٕ کمہِ مارٕ متہٕ رٔٹتھ ژٕ پنٛنس وَچھس ستی چیرِ سان، دوٗنیا چھےٚ نہٕ چون دیدار سپدنکہِ مدمأتی خیالہٕ ستی وٕژان کُنہِ تمہِ ووٗن اکہِ دوٚہہ مسخرلہِ منٛز زِسوچھےٚ امی غرضہٕ أمس لُڈھنس ستی خاندر کرنہٕ باپتھ تیار۔ ازکل چھےٚ نہٕ سوٗژے کینٛہہ تہٕ لکھان۔ تہٕ مےٚ ووٚنُن زِ ژےٚ لکھےٚ تس چھُ یوٗتاہ زیادٕ ژےٚ لکھُن زِ ووٗنی چھےٚ نہٕ قلمی اَتھس کبتھ ٹلان تِکیازِ ژورسٕطرٕ ہیکن نہٕ تٔہنٛدی خیال وتر اَوِتھ۔ بلکہِ کرن فقط تسی ووٗداسی۔ اوے کُنی چھےٚ میانہٕ ذریعہٕ پنٛن لول۔ نیک دعاتہٕ شوخ تمنا سوزان۔ حالانکہِ اَسہِ چھُ عنقریب پانہٕ واٗنی سمکھُن مگر توتہٕ سوزے بہٕ اَکس یادوٗن دوٗہن منٛز یوٗتاہ ممکن سپد بم تیژاہ روپیہ۔ یہ کتھ چھےٚ سارٕوے بوزٕمژ زِ دوٗنیاہس چھُ لُڈھنس ستی کھاندر کرُن۔ تہٕ تِتھٕ کُنی چھےٚ لوٗکن ہنگہٕ منگہٕ مےٚ پٔتھ پژھ بڈٕ پمژ۔ تہٕ بہٕ چھبس زانان زِ ووٗنی دِیہ کاتروٗش مےٚ پٔتھ بھروسہٕ کٔرِتھ پینٛشنچہِ ضمانژِ پٔتھ مےٚ 75 ڈبل تام قرضہٕ۔ تہٕ تِتھٕ کُنی ہیکےٚ بہٕ ژےٚ 25 یا 30 ڈبل تام تہٕ سوٗزِتھ بہٕ سوزٕ ہاے ژےٚ امہِ کھوتہٕ زیادٕ مگر سفر خرچُک چھُم سوچُن۔ حالانکہِ لُڈھنس چھےٚ اسہِ سبٕھی حلیمٕ آسنہٕ کُنی سفر خرچُک اکھ حصہٕ برداشت کرنچ اپیل کٔرمٕژ۔ مطلب یہ زِ تمی چھےٚ بوقچہٕ تہٕ بٔڈی بٔڈی ٹرنک واتناونچ ذمہ واٗری ہیٚژمٕژ (یہ سامانہٕ نیہ تسُند یو دوستو منٛز کُس تام پنٛنہٕ گاڈِ منٛز) توپتہٕ تہٕ پٔز اَسہِ خرچاونس منٛز محتاط روزُن۔ یتھ اَسہِ شہر واتنہٕ پتہٕ چندٕ چھٔنی آسن نہٕ تہٕ کم سے کم گوڈِنکی کینٛہہ دوٚہہ گذاروٚ فکرِ ورأے۔ اَسہِ چھُ دوٗنیاہن تہٕ مےٚ خرچُک پایہ پایہ حساب بوٗزمُت تہٕ اَسہِ چھُ بوزُن تگان سفر خرچہٕ لگنہِ تیوٗت زیادٕ۔ سانہِ پٔتھ چھُ ترٕنے ریلوے سٹیشن کُل 60 میل دوٗرتہٕ اَسہِ چھُ اَکس زاٗنی کارڈرایورس وٕنِتھ تھوٚومُت توروا تناونہٕ خاطرٕ۔ یِتہٕ پٔتھ دوٗنیا تہٕ بہٕ آرامہٕ سان 3rd کلاس ریلہِ منٛز سفر

گٔرتھ ہێکو۔ یہے چھےٚ گتھ زِبہٕ سوزے نہٕ ژینےٚ 25 پلکہِ 30 ڈبل۔ خأر ووٚنی لیوٚ کھمے سبٹھاز تاہ کاغذٕ کرٲے برنہٕ تہٕ ووٚنی چھُم نہٕ داستان لیکھنس سُنمب رژھ تہِ بتُر۔ گوٚبرٕ کیاہ کیاہ پێو اَسہِ سرُن ...... خأر میانہِ دُرفلہِ ووٚلہِ میوٚٹھ کرے (خیالس منز) زندٕ تھأونے تہٕ ملاقات سپدنس تام دِماجہِ ہنٛد لول دأیرتھ روخصت۔ ہاں...... روڈیا...... بێنہِ دوٚنیا تھأوِی زبن تتھے پأٹھی ٹاٹھ تہٕ تتھٕ پأٹھی تس ژٕ چھُکھ۔ ژێتس تھأوِی زِسو چھےٚ ژےٚ پرٕتھ کُنہِ کھوتہٕ عزیز زانان حتّی کہِ پننہِ پانہٕ کھوتہ تہِ۔ یہِ چھےٚ خوشی ہُنٛز گتھ۔ دوٚیمے ہا عبادت چھُکہٕ کران تہٕ پننس خألقس تہٕ یسوع مسیح سُنٛد چھُیہِ اعتقاد کِنہٕ؟ مےٚ چھُ دِل ہتھ پأوِی وٚستھ گژھان زِینہٕ ژےٚ تہٕ توٚ وبدینی ہُنٛد رجحان اگادِ سپد مُت آسی یێمیک دورٕ پرٕتھ طرفہٕ چھُ۔ اگر تژھ گتھ چھےٚ تێلہِ منگہٕ بہٕ چانہِ بخشأیشہِ باپتھ دعا۔ میانہِ گوٚبرٕ ژےٚ چھُیہِ یاد یێلہِ ژٕ لوکٹ اوسکھ تہٕ مول اوسے زِندٕ ژٕ کتھٕ اوسکھ میانبن کوٚٹھن پیٹھ روٚزِتھ کجہِ زبأنی حضرت مسیحسؑ بروٚنہہ کنہِ نمتھ دعا منگان۔ تہٕ تمن دوہن کتیاہ خوش أسی أسی سأری سپدان۔ خوداہ حافظ ...... ملاقات سپدِ ضروٗر ...... توٚ تام خأطرٕ کرے بہٕ خیالن منزٕ یہ جوشہِ ہوٚت نالہٕ موٚت تہٕ میوٚٹھ۔

مرن وِزتام چأنی
پلشیر راسکولنکاف۔

لگ بگ ماجہِ ہُنٛد خط پرُن لاگنہٕ پتھے اوس راسکولنکافُن بُتھ اوٚش والنہِ ستی اوٚ دُرگوٚمُت مگر تتھےٚ تمِی یہِ پرٕتھ موکلووتُنٛد بُتھ اوس زرد۔ گوٚبرِ سان۔ تنفرتہٕ ناراض وٕٹھن پیٹھ اوسُس ہأبتناک حسرتہٕ بوٚرُت اَسُن۔ تمِی دیُت کلہِ پھٕٹلہِ توٚن دراتس زچہِ رٕنچن ہنٛدِس شاندِ گوٚندِس منزٕ دأرِتھ تہٕ لوٚگ واریاہس کالس سٔرنی پأٹھی کتیاہتام سوچنہِ۔ تس اوس پھوٚر ہأبتناک پأٹھی زورٕ زورٕ دوٚھان تہٕ دِمباغ اوسُس آوِلنس منزٕ ہنہِ آمُت۔ خیالن آس کھرِ تہٕ تس باسیو اَتھ زردٕ نگی المارِ یا صندوق ہوِس ڈبس منزٕ پان

زنتہٕ سڑان تہٕ أمِ سٔنٛزٕ أچھ تہٕ تسُند دِماغ اوس وسعت یڑھان تہٕ دِژن پننہٕ ٹوپہ تھپہٕ
ژ‍ٕول کمہٕ نبر۔ وُنکبس اوسنہٕ تس کانٛسہِ ہٕنٛدِ بُتھِ پینٛگ خوف یا وہمہٕ۔ تمِ اوس سورُے
پھر بکھ تر وومُت۔ سہٕ پھیوٗ رواسلِ وِسِکی گرٛھن واجنہٕ سڑکہِ گُن۔ وتہِ اوس سہٕ یُتھ تیٚ
پکان زنتہٕ خبر کوسہٕ کاٛم أسس کرٕنۍ۔ سہٕ روٗد حسبِ عادت وَتھ سرٕ کرنہ ورأے
پکان۔ سہٕ اوس پھِسر ارے کران تہٕ مٔژی اوس پأنۍ پانس سٟتۍ زورٕ زورٕ کتھ کران۔ وتہ
پکہٕ وِنۍ أس تس وُچھِتھ حأران گرٛھان تہٕ اکثر وکوٚر خیال زِ تمی چھُ زیادے چیومُت۔



(۴)

ماجہِ ۂنٛزِ چِتھِ ستؠ اوس تس دِلی تکلیف ووتمُت مگر امچہِ وٚتچھِ وٚتچھِ کتھِ فکرِ ترنس منٛز لۆگ نہٕ تس اَکھ رژھ تہِ ژیر۔ تہٕ امیک اَکھ اہم کھوتہٕ اہم سوال شرۆپ سٔرنی پأٹھی أہنٛدِس دِہماغس۔ "زٕہی نہٕ ...... یہِ خاندر سپد نہِ یۆ تام بہٕ زندٕ چھُس۔ تہٕ جہنمس گوٚھی تن مسٹر لزہن...... اہنہ...... کتھ چھےٚ عأنکی پأٹھی صاف" تمٚ گرِ پھِسرا اےٚ وُٹھن پیٹھ اوُسُس بروقت شبقہٕ فأصلہٕ کرنچہِ کامیأبی پیٹھ اُسن...... نہ نہ مأجی...... دۆنیہِ تہٕ تُہی ہیٚکو نہٕ مےٚ دھوکہٕ دِتھ۔ ہنہہ...... بیٚیہِ چھِہم رائے نہ پرژھنس تہٕ پانہٕ خۆد فأصلہٕ نِنس پیٹھ معأفی منجمٕ! بہٕ وَنہٕ یِتہِ زِ تمو چھُ خیال کۆرمُت ووٚنی چھُ یہِ پکہٕ سپد مُت تہٕ یہِ یِیہِ نہٕ ژٹنہٕ...... مگر أسی تہِ وُچھو یہِ، کتھٕ سپدِ۔ واہ واہ رُت بہانہٕ چھُکھ گوٚرمُت ...... کیا...... لُذھن چھُنہٕ اَکھ رژھ تہِ موکُل تہٕ اِمو کھِ چھُ خاندرس سبٹھےٚ چاربٔلکہِ ریل گاڑِ ہٕنٛزٕ ہِش تیزی یژھان کرِنی۔ نہ دۆنیا...... مےٚ چھُ تگان سوُرے بوزُن تہٕ مےٚ چھُ پتاہ ژےٚ کیاہ چھےٚ مےٚ وُنن۔ بہٕ چھُس زانان ژٕ کیاہ آسہکھ سونچان یِیلہِ رأتی راتس ہیٚرِ بۆن کران چھکبھ أسمِٕ۔ تہٕ ماجہِ ہٕنٛدِس آرام کمرس منٛز گُس دعا آسبتھ ژےٚ مقدس یسوع یا مریمؑ سٔند بن پأین پیٹھ مونگمُت۔ تِتہِ چھُم تگان بوزُن۔ میأنی بیٚنٛز...... پان کأٹھس کھأئن چھُنہٕ سہل آسان...... اُف...... گوٚ وژےٚ چھےٚ امیک حتمی فأصلہٕ نیوٚمُت...... أکِس حساس کاربأرِس ستؠ چھےٚ پزی خاندر کرنک شبقہٕ یِرادٕ کوٚرمُت۔ اَکھ تیُتھ شخص یُس زردار چھُ (تیمی گوڈے دولتھ تہٕ وبقار پروومُت چھُ...... خأریہِ چھُ تہنٛدِس اژرس تل پِنگ بۆ ڈتہٕ ٹھوس بہانہٕ) دوہن سرکأری عہدن پیٹھ کأم کرنہٕ علاوٕ چھُ جدید نسلکین خیالن

ستۍ تہِ رلہٕ وُن۔ یہِ زن موج لکھان چھےٚ۔ یِتےٚ اوت نہٕ سہٕ چھُ اَکھ رحمدل تہِ باسان

ییٚمیک انداز پانہٕ خودد دۄنیاہن کوٚ رمُت چھُ۔ یہے ''اندازٕ'' چھُ پرٛتھ کُنہِ مات کران تہٕ

باسان چھُ دۄنیا چھےٚ امی ''اندازٕ'' موجوٗب تس ستۍ خاندریٖژھان۔ اصل......واہ اصل

اَتھ چھُنہٕ وِنِنےٚ کینٛہہ!''

''......مگر مےٚ پرٛزانُن زِ ماجہِ کیازِ پیٚو یہِ لکھُن ''سائنس جدید نسلس متعلق؟''۔

ہاہا......فقط اَکھ خاکہٕ وۄتلاونہٕ کہِ غرضہ یا ییٚمہِ خیالہٕ زِ شاید کرِ یہِ امہِ ستۍ مسٹر لُدٕہن سٕنٛد

طرف؟......اوہ یِہنٛز مکاٚریہِ چھُنہٕ جورے......ہاں......آ......مےٚ پرٛ یتہِ زانُن ازتام

کِتیاہ رۄدۍ تم اَکھاٚ کِس نکھہِ زِتمہِ راٚ ژتہٕ دوٚہہٕ تہِ؟ اَتھ ساٚرسے دیتاہ تموزباٚنۍ دَل

یادوشےٚ زونگھ زِ تہنٛدِ دلہٕ تہِ دِماغٕچ راے چھےٚ اکےٚ تہٕ اوموکھ چھےٚ نہٕ اَتھ زیوٕ ستۍ ٹار

کرنچ ضرۄرتھ۔ تہٕ یتھن مسلن پیٹھ چھےٚ ژھوٚپے افضل تہٕ سبٹھاہ ممکن چھُ تۍ آسہٕ

سپدمُت یہِ ماجہ ہنٛزِ چِتھِ ستۍ صاف پاٚٹھۍ ننان چھُ۔ ماجہِ چھُ سہٕ رٕژھا بدمزاژ تہٕ

باسیومُت تہٕ پنٕنہِ سادگی کِنۍ کوٚر ماجہِ امیک اِظہار دۄنیاہس نِشہِ۔ اَتھ منٛز اوسنہٕ شکھے زٕ

دۄنیہس اوس شرمہٕ ستۍ ہِکۍ پاٚٹھۍ گلن اِوکِنۍ دیتنس ڈیکس گینٛی کھاٚلتھ جواب! بالکل

چھُ تۍ......یِیہِ اَتھ موقعس پیٹھ کُس گژھِ نہٕ ناراٚض ییلہِ سورے صاف پاٚٹھۍ ٹے

سپدمُت آسہِ۔ پس وپیش کرنس آسِنہٕ موقعے تھاونہٕ آمُت تہٕ مزید بحث کرُن آسہٕ

فضوٗل بنیومُت......آ......تۍ چھُ سپدمُت......نتہٕ کیازِ لیکھہِ ہاسو دۄنیا تھاوۍ زبن ٹاٹھ

تِکیازِ تس چھُکھ ژِ پنٕنہِ زِ وکھوتہٕ تہٕ ٹوٹھ؟ یہِ لیٚوکھنا اوےزِ تس چھُ پنٕن ضمیر نیٚچوی سُنٛدِ باپتھ

کۄرقو ربان کرنس پیٹھ نیز لایان وَچھ ژٹان تہٕ لیٚوکھنم ژٕ ے چھُکھ سون آرام تہٕ ژٕ

چھُکھ سون سورے کینٛہہ''ہاٚے موجی!''

تُسنٛد کرٕ ژٕ چھر گوٚ ورژھ پتہٕ رژھِ ہُران تہٕ یُوٚ دوٚے تس اَمہِ ساتہٕ مسٹر لُدٕہن

سمکھہِ ہے......تس نہِ ہا برابر گردن تِلِتھ۔

''ہم ......اچھا ٹھیک گۆو......'' تمی تھأو دِماغس اندر بدلونی تہٕ دودِ دوہ تلنہٕ وألی خیال قوبوٗ کرنچ کۆشش کران وٗتھ پھِسرا ے جأری۔ ''یہِ چھُ پزر زِ اکھ انسان زانس تہٕ سمجنس منز چھُ وقت تہٕ ہوشیأری درکار اماپوٚز مسٹر لُذ ہنس نسبتھ چھُنہٕ کُنہِ غلطی ہُنٛد اندیشہٕ۔ بڈٕ گتھ چھےٚ زِ سہٕ چھُ اکھ کاربأری انسان تہٕ باسان چھُ رحمدل۔ یہے گیا رحمدلی؟ گیہِ نا......!......تہٕند سامانہٕ تہٕ بڈی ٹرنک یور واتناوٕنی۔ اَتھ منزٕ چھا امہِ پتہٕ کانٛہہ شک روزان وونی گومہرینٛی تہٕ تہنزٕ موج زن کھسہِ أکِس دیہأتی بأر چھکڑ ہی یتھ جندن ہُنٛد وولت آسہِ (مےٚ یا گونہٕ پتاہ چھُ ......مے ہےٚ اَتھ منزٕ سفر کوٚرمُت چھُ) خأریہِ چھُنہِ مسلہٕ کیازِ دوٗرے کۆتاہ چھُ فقط 60 کلوٗمیٹر تہٕ پتہٕ کرن یمہٕ آرامہٕ سان 3rd کلاسس منزٕ ستھ ہتھ میل دوٗر سفر۔ یہِ چھُ بالکلے زبر۔ انسانس پزِ کھوٚرتیوٚتے وہراوُن یوٗتاہ وُرن آہس۔ مگر مسٹر لُذ ہن چانہِ خأطرِ چھا یہِ جان سوے وونی چأنی مہربن چھےٚ......تہٕ بیٚیہٕ گرٕ ھی ژےٚ معلوٗم آسُن تہنزِ ماجہِ چھُ پنشن چہ ضمأنژ پٹھ سفر خرچہٕ باپتھ قرضہٕ ژٹُن۔ اَتھ منزٕ چھُنہٕ شکی روزان زِیہِ چھُ کاربارکِ معاملہٕ تہٕ بوٗزٕ شوٗژ گرِتھ چھُ دَربن ہُنٛد فأید ژھارنہٕ آمُت یعنی دوٗشوٗنی دربن پیٚیہِ ......برابر خرچہٕ وہراوُن۔ یعنی کھبن چبن کوسہٕ کتھ مگر تمأ کی چلم أنٛژِ زِ پئنی۔ جان پأٹھی چھےٚ أمی کاربأری تمن تہٕ تأرمژ۔ سامانس واتہِ کتہِ کورتہنزِ کرایہ کھوٚتہٕ کم کرا ے بلکہِ واتہٕ مُفتس پٹھ۔ تعجب چھُ تمن دوشوٗنی تورنہٕ یہِ فکرِ۔ یاماسنا چھےٚ تمہٕ زأنتھ مأنتھ ازأنی لاگان؟ مگر تمہٕ چھےٚ تسنزٕ ثنا خوان۔ سبٹھاہ خوش چھےٚ تہٕ خیال چھُکھ یہِ گوٚو پوشہٕ ٹوٚرےوُنہِ تہٕ اصل میوٗنیرنس بروٗنٛہہ کُن۔ خأر سٗئن چھُنہٕ تہنزِ کنجوٗسی تہٕ نہ چھےٚ تہنزِ کمپنی ہنٛز گتھ بلکہٕ چھُ وُچھن زِ کمہِ ورتاوٕ چھےٚ تمی یمہٕ ناوِ واجہ مژ۔ یہِ گوٚو پٹھے بانہٕ تہٕ خاندرٕ پتہٕ کیاہ آسہِ أمی سُنٛد طریقہ......کھأر خأر چھِ پٹھ کنہٕ موٗچھ ہناوٕ چھان۔ موج تہٕ رکٕ ژہ چھےٚ۔ امہِ کیازِ ترأو بیٚرٕ وِگ ڈیج؟ شہرواتنہٕ وِزِ کیٚا سنا آسہِ تس چندس چانٛدِ ہنٛدی تریےٚ ڈبل یا کاغذٕ وی

زٕ پرٛچھِ یہِ زن تہنٛدٕ ے گفت چھُ ......ڈٕجھرٕ بڈ ......ہم ......تس کوٚ سہٕ سناوہ میٚد چھےٚ۔ یتھ
پٹھ پیٹرس برگ شہرس اندر گُذار کرِ؟ کم سناوجوٗہات چھِ گوڈے تس نِشہ یٖمہٕ کِنۍ تمہ
اندازٕ کوٚر مُت چھُ سو ہیکہِ نہٕ دُنیاہس ستۍ خاندرٕ پتہٕ رٲزِتھ۔ کینژن ریٚتن ہٕنٛدِ خاطرٕ
تہِ نہٕ۔ دراصل چھُ أمِس بڈِس موہنوِس اتھ متعلق کیاہ تام ژٕر ژولمُت نیرِتھ۔ مور
زن تھاوِ کھٹتھٕ تہِ سوکرِ تمن انکار (اگر پرژھنس تہِ) یہِ زن لکھان چھےٚ۔ مگر تیٚلہِ کتھ
پیٹھ چھےٚ تس نظر؟ سو ما چھےٚ پیٚنشن کیٚو 120 ڈبلومنٛزٕ بچیومُت رقم گنٛزران یہ تس کاتردشہ
سُند قرضہٕ وُگراونہٕ پتہٕ ترِ؟ پوٗنسہٕ ٹوٗنکہ زینہٕ باپتھ چھےٚ سو ییرٕ وی شال بنأوِتھ تہٕ قمیض زٕ بن
ہنٛزٕ ٹوٗپہ کأم گرِتھ بجرس منٛز پننٮ٘ن أچھن ستۍ گنداں۔ توتہٕ کیاہ گوٚو شال وونتھ چھےٚ تس
أکِس وٕریٚس منٛز پیٚنشنکِس اَکھ ہتھ 20 ڈبل رقمس پیٹھ فقط 20 ڈَبل ہُران۔ یہِ نےٚ
معلوٗم چھُ۔ گونا تمہِ چھےٚ پنٕنہِ ووِمیزٕ مسٹر لُزہن سنٛزِ فیاضی ستۍ وابستہٕ کرِمژٕ۔ "سہٕ کریم
دعوتھ بلکہِ کریم باند باند" ہنہہ ...... دوٚیہ تمہِ خاطرٕ چھےٚ، نہ سورٕ وُن انتظار کرُن۔ یہ
چھس یتھٮ٘ن نرم طبیعت لوٗکن پوٗرٕ واقف یمن چھِ أخری دَمس تام کوٚلہٕ ٹوٗنچہٕ تہٕ
أنٛزٕ ے بوزنہٕ یوان۔ اگر چہِ یمن اصل حقیقتُک اِبشا گژھان تہِ چھُ اما پوٚز یم چھنہٕ
أتھ سنان یوٚت تام نہٕ مجبوٗر کرنہٕ ییٚن۔ تِکیازِ یمن چھینہٕ یہِ وُچھنچ توٗژھ آسان تہٕ یمن چھےٚ
امکہِ خیالہٕ ستۍ تر پھٹان۔ تمن چھُ درحقیقت امیک پوٗرٕ پتاہ آسان مگر دوٚیوٚ دوٚیوٚ اتھو چھ
امہٕ نِشہٕ دوٗل دِنان یوٚت تام زِ یہنٛدی دٔسی غلط رنٛگس منٛز رنٛگنہٕ آمُت انسانٕ یمن پننیو اتھ
أچھن پرٕ دٕ ٹلان چھُ۔ اوٚکنۍ چھُ مےٚ وُچھن زِ لُزہنس منٛز ما چھِ یژھ خصوٗصیت؟ وونگوٕ
کرِ یمیک شرط زِ یہٕ آسہِ کاربارٕ بن یا ٹھیکدارن ہٕنٛدِس دعوتس پیٹھ گژھنہٕ وِزِ پننہِ نالہ
کِس کاجس منٛز بڈٕ چِھمچ سرٹفیکیٹ آویزان تراوان۔ یتھ زن تسُند شمار بڈٕ ین موہنوٕ ین
ہتھ کرنہٕ ییہ۔ مےٚ چھُ یقین زِ مہراز بٔنِتھ یور پننہٕ وِزِ تہٕ آسہِ تس سوسند نالی ...... بلایہِ تس
ین۔ وودٕ تھوٚکس یہِ تس متعلق سوٗنچ سوٗنچ ......کولہٕ دھوکہٕ بازٕ مکار۔

اما پوٗز ...... ماجہِ پیٹھ چھُنہٕ مےٚ کُنہِ قسمُک حأرتھ یوان۔ سو چھےٚ پننہِ سبز رٕچ خودلیہِ کرِنی تس رُت۔ مگر دُنیا۔ کتھ ہیٚچ یہِ کرِتھ۔ دُنیا ...... میأنی جگری ژےٚ چھیا خیال زِ مےٚ چھکھ نہٕ زانہٕ؟ ژ اَسکھ تمہِ وِزِ ہُمس منز پکان یِیلہِ تمہِ پھرِ وُچھو چھیمکھ۔ تہٕ مےٚ چھُ تیلی چون رُم رُم زونمت۔ موج چھےٚ لیکھان زِ دُنیہِ ہیکہِ بڈ بڈ سختی تہِ ویترٕ اُوِتھ۔ تہِ چھُ مےٚ تہِ معلوٗم۔ مےٚ چھِ تم پتم ڈأےوٗری یاد ہے تہٕ گذشتہٕ ڈایو وٗرِیو پیٹھ ووتُم اِی سونچان۔ اِی دأیران زِ دُنیا ہیکہ خبر کُس مصیبت تہِ وبترٕ اُوِتھ۔ یِیلہِ سیوادری گیلانٕنی ظُلم تہٕ ستم تہٕ دوٚیی معاملہٕ برداشت کرِتھ ہیٚچ پزی۔ کنی ہیکہِ سو بدل کانٛہہ بڈ سختی تہِ وبترٕ اُوِتھ۔ مگر ماجہِ تہٕ تمہِ چھُ ووٚنی دیہاغس منز بسوومُت زِ دُنیہِ ہیکہِ مسٹر لُدہن سُند ناروا طریقہٕ تہِ وبترٕ اُوِتھ۔ یُس زن تمن زنانن ہٕندی حقوٗق تسلیم کران چھُ یِمہِ مصیبتہٕ کہِ چاہ منزٕ کھالنہٕ آمژ آسن۔ "تمہٕ زانن پزٕتھ کانٛہہ کتھ تہٕ رژھ خاندار سُند رحم و کرم تہٕ روٗزِن تس کھورن تل"۔ یِیمیک اِظہار تمی گوڈنکی ہے ملاقاتس منز کوٚرمُت تہِ چھُ۔ یہٕ مانوٗ زِ تس آسہِ دندٕ بری نیرتھ ژولمُت حالانکہِ سہٕ چھُ نوقطن سنن وول انسان (ممکن چھُ زِ ژرا آسبس ژولمُت نیرتھ۔ بلکہِ آسہن زانٛتھ مانٛتھ پنٕنی وتھ یوٗت وتیوٗت جلد صاف تھاونکہِ غرضہٕ وونمُت)۔ مگروأے دُنیا تس چھُ بےشک یہِ شخص پوٗرٕ پأٹھی فکرٕ تو رُمت توتہٕ پنیہِ تس اُمسے شخص سِتی لُستی بستی کرِنی۔ مگر کیازِ؟ ...... سو چھےٚ مُشھمژ ژوچہِ کھنجہِ تہٕ آبہٕ قطرس پیٹھ گذارٕ کرن واجبن، مگر پننہ ضمیرٕ کنہ نہٕ۔ سو کرِنہٕ روٗحأنی آزأدی ہٕندٕ سودا ظاہری سوکھس ستی۔ سو کنہ نہٕ یہِ سٹن دنیا ہن بدلہ تہٕ تہٕ مسٹر لُدہن سنٛزٕ روپیہِ چھینہٕ کہنٛی وجھی تس نشہِ۔ نہٕ ...... نہٕ دُنیا اُس نہٕ تمہِ وِزِ ہرگز اَمہِ قسمٕ رٕچ یوسہٕ روحأنی سوکھ کنہے یِیلہِ نامےٚ دُچھمژ چھےٚ ...... تہٕ بےٚ شک چھےٚ وُنہِ تہٕ تژھے۔

یتےٚ اوت نہٕ تتھِین موقعن پیٹھ چھُ اَسہِ سخت محسوٗس گژھان تہٕ کوٗشش چھِ کران عارٕی تہٕ اِنصافٕچ بنیچ تہٕ بعض اوقات چھِ کینٛوس کالس پانس پانے تسلی دِنہِ بہانہٕ

تہٕ پان یژھ کامہِ باپتھ یہِ ڈٔپتھ مجبوٗر کران زِ اکھ ژٕ کأم کرٕنی چھُ أکس اِنسانہٕ سُنٛد
فرض۔ بالکل چھُ اِی میانہِ باپتھ کرنہٕ یوان یژن ڈہلی گاشکی پاٹھی نوٗن چھُ۔ اَتھ منٛز
چھُ نہٕ کہنٛہ شک زِ روڈیٖن راما نوچ رَاسکولنکاف یعنی ''بہٕ'' چھس امہِ گندنہٕ یِنہٕ
والہِ ڈرامہُک مرکزی کرادر۔ مےٚ سوانہٕ بیٚنہِ کانہہ تِکیا زِ امہِ قورباًنیہِ ستی ہیٚکہِ سو پٔنٛسن
ٹاٹھِس بأیِس اَسہٕ ؤنی کھسہِ ؤنی زندگی دِتھ۔ یونیورسٹی بیٚنہِ پرنہٕ خأطرٕ سۆ زِتھ۔ دفترن
منٛز شرکأتس تھاوِتھ۔ رتہِ مستقبلچ زمانتھ دِتھ...... یتہِ ہیٚکہِ بنِتھ زِتس آسہِ خیال بوٛ
بنہٕ عنقریبی بہلہِ پایہِ موٚہنیوٗ۔ ترقی تہٕ یژتھ پراوِتہٕ اَکھ نامور شخص بنِتھ مرِ۔ پتھ روٗزمرٕ
تسنٛز ساری دولتھ چھُ تسُنٛد کُنہِ اَچھ گاش روڑی رَاسکولنکاف تسُنٛد یونگ تہٕ آدنک
اولاد۔ یتھِس اولادٕ سٕنٛدِ خأطرٕ کوسہٕ سنا اَکھ موج دیہِ نہٕ یژھ کورِ چھیہِ۔ ہاے یہِ ٹاٹھیار
تہٕ حدٕ روس طرفدار دِل...... اِدٕ اَتھ منٛز کیاہ چھُ اگرے اولاد خوش تھاونہٕ باپتھ تِم
سۆنیا ہِنٛز وتھی اختیار کرٕنی پیٚیہِ۔

سونیا مارمیلا دوف بچأر حدٕ روس ظُلمچ شکار یسٕنٛز داستان دُنیہکِس اَخرس تام
زِندٕ روزِ...... اما توہہِ دوشوٕے سۆنچو نا زانہہ امہِ قورباًنیہِ بروٗنہہ؟ یہِ چھا مُناسب؟ کو
ہیکو ایہِ برداشت کرِتھ؟ یَسٕنٛدِ باپتھ تِہی قورباًنی دِیوتس واتیا امہِ ستی کانہہ فأید؟ بیٚنہِ اَتھ منٛز
کوسہٕ دانأیی چھےٚ بوٗزن پرژھا توہہِ۔ بوز دۆنیابہٕ وَنے سۆنیٚنٛز زندگی چھنہٕ جناب
لُزہنٛس ستی چأنی زندگی بسر کرنہٕ کھوٚتہٕ کینٛہہ خراب۔ لُزہنٛس ستی ژےٚ محبتھ آسنک
چھنہٕ سوالے پأدٕ سپدان، یہِ زن ماجہِ تہٕ لیٚو کھمت چھُ تہٕ مےٚ وتم پتہٕ بلکہِ توہہِ دوشوٕن
اکھ أکی سٕنٛد احترام روزِنہٕ یا اگر أتھی برعکس تس چأنی منہِ مچھ أس، ژےٚ سہٕ نفرت
کران آسی تہٕ تس چأنی کُھر دِلس منٛز کلہِ کڈِ......تیلہِ؟

ژےٚ چھےٚ تیلہِ پٔنٛن پان سجاوُن تہٕ پریہِ وُن بناوُن۔ چھےٚ نا؟ تہٕ امہِ پان
سجاوِتھ تھاونک مطلب چھیہِ ژےٚ پتا؟ ژٕ چھکھ زانان زِ دۆنیا زِ جناب لُزہنہٕ باپتھ چوٗن

پانٕ سجاوِتھ تھاوُن تہٕ دِلکش بناوُن چھُ سوٗنیہِ باقیٖن ہٕنٛدِ باپتھ پان سجاوِتھ تھاونس برابر بلکہ
کہِ تمہِ کھوتہٕ تہِ بتر۔ یہِ پچھےٚ چانی خودغرضی تہٕ کُنہ بُنیاز رووس قوربانی۔ تکیاز دوٗنیاژ
چھکھ پنٕنِ سورے کینٛہہ دُنیہکی عائش پراونکہِ غرضہِ داوس لاگان ییلہِ زن سوٗنیا تہِ قحط
بوٗچھِ 'افلاسہِ کہِ سببہِ اتھ وتہٕ پیٹھ دراہٕژ پچھے۔ ژےٚ پیٚیی امہِ ظاہر داری ہُند بارٕ قیمت
دیُن۔ دوٗنیا ژےٚ پچھُے ضروٗر امیک بارٕ قیمت وترٲوُن۔ مانوگوڈٕ گوڈٕ کرکھ ژٕ برداشت
تہٕ پتہٕ بلکہ کبس نہ صبر روٗدے ژٕ پچھتاوَکھ پتہٕ مگر حاصل؟ دوپے پتہٕ پیٚیی پگاہ ژوکیر،
دوٗکھ، پریشانی تہٕ واہی تباہی کنہ ژھیپہ ژھیپہ ژالہِ اوٗش ہارُن۔ ژٕ ماچھکھ مارفاتہٕ
پنٕنی صفائی ہبلکھ گرِتھ۔ پتہٕ اگرے یہِ سورے ماجہ ہنٛدبن کنن گووتس کوسہِ حالت
گژھِ؟ سو بچارٕ پچھےٚ وٗنی راوٕژ ہش بقرار تہٕ پریشان۔ ہاے تس کیاہ بنہِ ییلہِ یہِ
سورے پنٕنوٕ اچھو نہِ وانہ وُچھِ؟ پتھ روٗدُس بۂ۔ ژےٚ کیا پچھے مےٚ متلق خیال دوٗنیا؟ یا
بۂ گژھِ چانہِ قوربانیہِ پیٹھ خوش...... ہرگز نہٕ۔ مےٚ چھُنہٕ چانہِ قوربانی ہُند حاجتھ مےٚ
چھینہٕ قطعاً یہِ رتہٕ چھپ بکار۔ آبالکل نہٕ، تہِ ہبکہٕ نہٕ سپدِتھ یوٚتام مےٚ شہہ کھسان
وسان پچھُ۔ تہِ اندِ نہٕ ہرگز تہِ...... نہ مےٚ چھبنہٕ یہِ قوربانی منظوٗر"۔

تمی دیُت ہنگہِ منگہِ خیالن ہٕنٛدِس طوٗفانس اندر تھم تہٕ گوٚو اِستادٕ "آیہِ ہبکہٕ نہٕ
بٕنتھ؟ اماژٕ کیا سنا ہبلکھ امیک روٗٹ کرنہٕ باپتھ گرِتھ" پانی پانس لوٗگ پرژھنہِ "ہیکھا
تمن منع گرِتھ۔ تگرِتھ ژےٚ کُس حق تہِ پچھے تمن منع کرنک؟ ژٕ کیا سنا ہبلکھ تمن معاوضہٕ
دِتھ۔ یہِ حق یوٚدوے ژےٚ دِنے تہِ ژٕ تھاوکھٕ پنٕنی ساری زندگی...... پنٕنِ سورے مستقبل
تمن آیتن۔ مگر ییلہِ تعلیم پراوِتھ ملازمت میلیٚ" آ...... آیہِ چھُ بروٗنہہ تہِ بوزٕمُت۔ یہِ
چھُ فقط زبانی زمادٕ۔ مگر ...... مگر ووٗنی پزٕ ضروٗر کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرُن۔ چھیہِ تران فکرٕ؟
ہاں...... ووٗنی کیاہ چھُکھ ژٕ کران؟ یاد چھیہِ ژٕ چھک تہنٛدِس رحم وکرمس پیٹھ زندٕ۔ تمن
چھُ ہتہٕ روپلچہٕ پینٛشنٛج ضمانژ پیٹھ ووٗزمٕ ژٹن۔ تم چھِ سیوادری گیلافس قرض ہیٚوان پتاہ چھیہِ

ہتا پگہکہٕ لچھہ والیا! کتھامو کلاوٕ ہکھ ژٕ تمہٕ سیوادری گیلافنہٕ تہٕ کاتروشنہٕ سختی نشہٕ۔ کسو کرِتھہٕ زندگی ہُند ہگر بروٚنٛہہ پکناوٕنکی سزٕ۔ ژٕ ی یالیس وُنہٕ داہ ؤری لگن پٔنٛنن کوٚتھن پتھ وٕ تھنس۔ آیندٕ دٕہن ؤرین تام آسہٕ ماجہٕ شال وونان وونان اُچھن گاش تام سوٚ تیوٕمت۔ بلکہٕ ماوٕدٕ ریٖہ گٔری گٔری تہٕ۔ تِمس ہے تو تام فاقہٕ پھرسٔرن گرٕھتہٕ کرٕہن کلاے کھسہٕ۔ تہٕ میأنہٕ بینہٕ...... رٕژھا کرٕ ژٕ سونچ چأنی بینہٕ کیاہ آسہٕ آیندٕ دٕہن ؤرین تام بنےٕموٕ؟ تس کُس حال بنہٕ یمن دٕہن ؤرین اندر رٕژٕ ہیکہٕ تمیک تصوٕر کٔرتھ''؟

سہٕ رٕوٕ دپأنی پانس کٔران یزادوان تہٕ تِتھی سوال گٔری گٔری غم تُلان تہٕ ستی اُمسس امہٕ ستی فرحتھ ہش محسوٗس سپدان۔ تکرِتھ اُسی نہٕ یم سوال تہنٛدِ خاطرٕ نوی یم تس اچانک پأٹھی وٕتلان رٕوٕ دی۔ یمن ہنٛز دٕگ اُس تس بروٚنٛہہ پیٚٹھے ویز۔ وارِیاہ بروٚنٛہہ پیٚتھ اُسی یم خیال اُمس پوٚرٕ پأٹھی گیر گٔرتھ تہٕ وونی اُمسس وٕچھٕ ژٕتان۔ سبٹھاہ بروٚنٛہہ ہیٚوأنی اُہنٛز یہٕ اُزٕچ دٕگ وٕتلتھ ہن۔ امہٕ دٕگہٕ اوس یہٕ پوٚیمت یاموم بنوومُت۔ تہٕ یہٕ دٕگ اُس بذاتِ خود اکھ طاقت بنیمٕژ تہٕ پوٚختیمٕژ یوٚ تام یہٕ خوفناک بأغیانہٕ جذبہٕ کی عجیب وحشتناک سوال بنیہٕ، یم سوال اُہنٛدِس دِلس تہٕ دِماغس نِستر دِوان تہٕ جواب ہنہٕ خاطرٕ سخت پأٹھی تُوپہ سٔرن کران رٕوٕ دی۔ اُتھی اندروٚ اٹھ ژٕ اُمس ماجہٕ ہنٛز چِٹھی یوسہٕ اُمس تاپس منٛز زِن تہٕ ترِتھ ہوان باسے یہٕ۔ چِٹھی واتنہٕ پتہٕ اوس صاف زِ تس پزِ نہٕ وونی اُنٛدِتھ نہٕ ہیکن والین سوالن پیٚٹھ مویوٗس گرٕھن تہٕ پٔنٛن پان فِکرن منٛز اوٕ رُن بلکہٕ پزِ بس کینٛہہ ٹھوس کأم یکدم کرٕنی۔ یوٗت ممکن سپدِ بس تیوٗت ؤلی بہر صوٗرت پزِ بس کینٛہہ کرٕنہٕ کراونک فأصلہٕ کرُن تہٕ نتہٕ..............

''نتہٕ پانس ہوٚٹ چیرُن''، تس ژٕج ہنگہٕ منگہٕ زورٕ کرِتھ نیرِتھ۔ تس دیٚت اُندرِم بغاوتن جوش...... ''آنتہٕ گوٚو بُروسہٕ کرُن پٔنٛنس قسمتس پیٚٹھ یِتھ چھُ تہٕ تیٚتھ۔ امیک گوٚ اُکی پھرٕ فأصلہٕ کرُن تہٕ باپ نِشتی ارمانن تہٕ ولس گوٚ کلہٕ ژٕتن۔''

''خبر ژٕ ے چھُیہٕ پتاہ'' جناب معلوٗم چھُیہٕ ییٚلہٕ نہٕ کانٕسہٕ چھپن جاے آسہٕ تمیک مطلب کیاہ گوٚو۔ ہنگہٕ منگہٕ وۄتلیو مارمیلا دوف سٕنٛدِ سوالُک لفظ اٚہنٛدِس دِیماغس منز...... ''پرٛتھ اٚکِس سٕنٛدِ باپتھ چھُ چھپن جاے آسنٕی لازمی''۔

تمی کٔڈ کُنی ووٚتھ تہٕ لوٚگ قدم قدم دِنہٕ...... بیاکھی خیالا یُس تَس یِو یِو ے ووتھمت اوس ژاو بیٚیہٕ تہنٛدِس دِماغس منز۔ مگر یہٕ ووٚتھ کٔڈی نہٕ تمی یہٕ خیال نوسرٕ پیٚنس پتھ۔ تکیازِ تس اوس پتاہ یہِ زن تمی گوڈے محسوٗس کوٚر مُت اوس زِ یہٕ خیال گژھِ ضرٗ ر تس بیٚیہٕ یُن...... تہٕ اچھ اٚس تس پۄرٕ رپۄرٕ وومید۔ بیٚیہٕ اوسنہٕ یہٕ یو کُے خیال بٔلکہ سبٹھاہ پرون وونگوا کھ ربتھ بروٗنہہ تہٕ یوٗہ تہِ اٚس امہِ خیالٕچ حیثیت چھرا اکہِ خوابٕچ۔ اما وونی...... وونی اوسنہٕ یہٕ خیال فقط خواب بٔلکہ اٚس اچھ صوٗرت خطرناک تہٕ ازأنی۔ تس توٗر پانس تہِ یہِ فکرٕ...... تس پھٔٹ تر۔ باسیوس زنتہٕ کلس ڈوٚ کری دَب وسان اٚسس تہٕ ژوپاسے آس گوٹُے گوٚٹ درٛینٛٹھی۔

تمی دِژ باگرٕ باگرٕ اٚندی پٔتی نظر۔ خبر کیاہ اوس ژھاران۔ آ...... دراصل اوس سُہ ہیٚنہٕ خاطرٕ بیٚنچ وُچھان۔ سُہ اوس وُنکیس ''ک'' بُلیو وارڈس پکان۔ اٚکھ بیٚنچ اوس لگ بگ اٚکھ ہتھ قدم اٚمِس نِشہِ دوٗر۔ سُہ پوٚک تیزٕ تاہ ہیٚوکُن اٚتھ بیٚنچس کُن تہٕ اٚتھ دوران گوٚو غارمعموٗل پأٹھی اوہنٛد ظون اٚکِس زنانہِ کُن یوٚسہٕ فقط وُہ قدم اٚمِس بروٗنہہ بروٗنہہ پکان اٚس۔ مگر گوڈٕ گوڈٕ گیوٚ نہٕ تٔسنٛد توجہ اٚمِس کُن تِتھے کٔنی یِتھٕ کٔنی نہٕ تٔسنٛد ظون وتہِ پکان پکان گنہِ چیزس کُن گیوٚ و۔ امہِ بروٗنہہ تہِ اوسنہٕ سُہ اکثر گرٕ گرٕ ہوٗن وتہِ اٚس خبر کوسہٕ تہٕ ژھ گتھ تہنٛدی کٔنی اٚمِس زنانہِ انٛد ریٚیمہ کٔنی تٔسنٛد سوٗرے ظون وارٕ وارٕ تٔسی کُن گوٚس۔ گوڈٕ گوڈٕ وُچھ تمی بےٚ غرض پأٹھی تس کُن یہٕ ڈٔلی زِ تہِ نفرتہٕ سان مگر پتہٕ سبٹھے دلچسپی سان۔ تس گیہِ زانٛنچ سکھ خاہش زِ اٚمِس زنانہِ منز کیاہ دلچسپی چھےٚ پھواہ۔ اوٚل

اُس گٔژھ یہِ زِ سو اُس جوان بوڈٕ ببر۔ تہٕ تاپہٕ کرایہِ منز اُس ووڈٕنۍ پکان۔ اَتھن تہٕ اَسِس نہٕ اتھہِ پنجہِ لاگِتھ تہٕ بیٚیہِ اُس نرِ بےٚ طور تہٕ بےٚ معنی پاٹھۍ وایان۔ تس اوس ہلکہٕ ریشمہِ ہُنٛد پوشاک نالۍ مگر نالۍ ژھنگ طریقہٕ اوس عجیب۔ بٹن تہٕ اَسِس نہٕ طریقہٕ سان بنٛد۔ تہٕ کمبرس نشہِ اوس جامُک دوٚنٛد ژھیۆ نمُت تہٕ اَکھ دجہ رینٹھا اَسِس آویزان تہٕ۔ اَکھ لوٚکٹ رومال اَسِس ہٕٹس پیٹھ تہٕ پاٹھۍ تھاوِمُت زِ اَکہِ طرفہٕ اُس سو ترازٕ ژھوِ ژھمُت۔ قدم تہٕ اُس بےٚ ترتیب پاٹھۍ ٹلان تراوان سو اُس گپران تہٕ اَکہِ اَنٛد پیٹھہ بییس طرفس لاینہٕ یِوان۔ رَاسکولنکاف سینٛو دلچسپی سان تس تہٕ بیچس نزدیکی گٔرن پَتھ۔ سو تھےٚ بیٚچس نکھہ وأتِ ژتمہِ دیُت اِمکس کوٚنس پیٹھ پان داٗرِتھ۔ تمہِ ترووٗ کلہٕ پتھ کُن بیچکس تھرس پیٹھ تہٕ دوشوٚے اَچھ کرِتھ بنٛد۔ ننان اوس سو چھےٚ سبٹھے زیادٕ تھکمژ۔ نکھہ تہٕ تھ سو وُچھنہٕ تلہٕ تۆر فوراً رَاسکولنکافس فِکرِ زِ تمہِ چھُ یڈ بٔرِتھ شراب چوٚمُت۔ یہِ اوس اَکھ حأرتُک تہٕ افسوٗسُک منظر۔ رَاسکولنکافس باسیوو یہِ پنٛنین نظرن ہُنٛد دوکھہ مگر تس اوس پزی پأنس بروٚنٛٹھ کنہٕ اَکس جوان بوڈٕ ببرِ ہُنٛد لوکٹ موکٹ پریہِ وُن بتھ تہٕ سوٗمبل ہیوٗمس۔ یوسہٕ وہرِ شُراہ بلکہٕ پنٛداہی آسہِ ہے۔ تس اوس لوکٹ موکٹ خوشہِ وُن ووزُل بتھ مگر گوٚ بیومُت زنہٕ ورم کھوٚتمُت اوسُس۔ اُمس بچارِ اوس شایدی معلوٗم زِ سو کیا چھےٚ کران۔ تمہِ کھأج اَکھ زنگ شرمناک پاٹھۍ سبٹھے تھوٚد تُلِتھ بییس زنگہِ پیٹھ زِ سترِ رُود سہ نہٕ امہِ تلہٕ تہٕ اوس صاف ننان زِ تس چھُنہٕ یمہِ عالمُک ظون یعنی بےٚ ہوشی منز اوسُس نہٕ معلوٗم زِ سو چھےٚ مارکس منز وٗنکبس۔

رَاسکولنکاف بیوٚٹھنہٕ ووٚنۍ پتھرٕ تہٕ سو اَتی تراوِنۍ تہٕ نیرُن تہٕ گوس نہٕ خوش۔ بلکہٕ رُود حأرأنی سان تس بروٚنٛہہ کنہٕ ووٚدنہٕ رُوزِتھ وُچھان۔ اتھ سڑکہِ پیٹھ اُسی لوکھ اکثر آسان تہٕ وُنکبس یلہٕ زن وَکھ دوٚہچہٕ زِ بجے تہٕ پیٹھہ تاپہٕ کرایہِ وسان اُس اوس یہِ صحرادٕ ہیوٗ باسان۔ البتہٕ اوس بلیوارڈکہِ دوٚیمہ طرفہ فُٹ پاتھس کُنہِ اَنٛدس پیٹھ رَاسکولنکافس

نِشہِ یِہوے قدم پنداہ مرِ دوٗر بیٚا کھ نفرا کھڑا سہ تہٕ اوس شاید اُمِس لڑکیہِ نکھہٕ یِن یِژھان۔ اَنٛدرِ ژوٗراوُسس پھوٗرمُت۔ شاید اُسِ تَمِس تہٕ لڑکی وتہِ پکان نظرِ گامُت تہٕ آس پتہٕ پتہٕ مگر رَاسکولنکاف بنیوس تھوٗ تھ۔ تِس اوس سخ خشم کھوٗتمت تہٕ اُمِس لڑکی نِشہِ رَاسکولنکاف ڈلنہٕ موٗکھ اوس آنتہٕ۔ وونگوسہ اوس نہٕ پٔنٛز کِن بتھر اری ہُند باس دِوان۔ مگر دِلس کُنۍ ڈکھ تھاوِتھ اوس ژیہہ ژیہہ گذاران یوٗ تام زِ یہ جند موٗت اتنتھ ڈلہِ ہے۔ تھٔنٛز خاہش اُس کُنہِ شکلہٕ ورأے نٔژ۔ سہ اوس موٗٹ موٗٹ یوہے وہر ترہ۔ پلو پوشاک اوسُس اَزی کہِ رِواجہٕ مطابق۔ بٔتھس اوسُس سکھ وزجار۔ وزِلی وزِلی وُٹھ تہٕ موچہِ گونژھ تھاوِتھ۔ رَاسکولنکافس کھوٗت کاڈِ بن نارتہٕ خیال وتھُس اُمِس موٗٹس ڈٔنٛتھس کُنہِ نتہٕ کُنہِ ژھلہٕ ؤ کر والنگ تہٕ دژ اوتس کُن۔

”ہے سیوادری ژٔے کیاہ سہہ گرژھی یِتھن؟“ کربکھ دِتھ وونس...... شرارت اُسس یِژھ زِ وُٹھ اوس ژاپان تہٕ پوٗس کھوٗتس۔

”اِدہ ژٔے کیاہ تتھ ستی مطلب“ تِمہِ پرژھنس بُتھ ژ کرِاوِتھ تکبرسان۔

”ژِ گژھ دفاہ یِتنتھ۔ تی چھُ میون مطلب“۔

”ہیا ژِ کسۆ گوکھ بٔنتھ جدالا؟“

تِس اُس اتھس منٛز لوٗر تہٕ گرن یہے کھڑا۔ رَاسکولنکافن ہیٚژ تِس چِھی تراوٕنۍ یہ سونچنہٕ ورأے زِ سہ پاوِ ہے تِس ہوی گرٕ نفرا کی ساتہٕ...... اما امی وقتہٕ ترا ورَاسکولنکافس پتہٕ کُنۍ کمی تام تھپ۔ تہٕ اَکھ پُلیس کانسٹیبل گوٚ ویٚمن منٛز باگ اِستادٕ۔

”بس...... بس زیادٕ لگہِ نہٕ ترٛ ور کرُن۔ عوامی جایِن پٔٹھ گژھِ نہٕ مہربانی گرِتھ ژھِی مِلہٕ وِنۍ۔ ژٔے کیاہ دلیل چھے؟...... تہٕ ژٔ کُس چھُک؟“ پُلسہٕ وٲلی پرٛژھ رَاسکو لِنکافس جند پلون نظرا گرِتھ پتہٕ بمہٕ درٕ دِتھ۔

رَاسکولنکافن گرِتس زٲنتھ ماٲنتھ کلہٕ پٔٹھ نلس تام نظراہ۔ تھٔندِس بُتھس پٔٹھ

اوس تہٕنزِ مضبوٗطی ...... ذہانت تہٕ بہوٗدری ہُنٛد رعب پرپڈان ...... یتھ تہٕنز وزیچھو کاژ ریو گونٛژھوٗسۍ ہر برسپدان اوس۔

"اوچونٕے اوس مےٚ مدد ضروٗرت" رٛاسکولنکافن ووٗننس جوشہٕ ہتۍ تہٕ نزِ گرنس تھپ "بہٕ چھُس اکھ طالبِ علم ...... ناوٕ چھُم رٛاسکولنکاف ...... "ہےٚ ژےٚ تھوٗتھٕ یاد" ووتھ ہوٗمس نفرس کُن "پکیو جناب تہٕ مےٚ سۍتی ...... بہٕ ہاووتوہہِ کیاہ چھُ میون مطلب!"

اتھس تھپ گرِتھ واتنووُن پُلسہٕ وول پینچس نشہٕ۔

"وُچھیو ...... بچارٕ پوٗرٕ نشس منٛز کیاہ چھِ یہِ ...... یہِ آیہِ کمی رٛژھ کھنٛڈ برونٹھ یور۔ یہِ چھُنہٕ کانٛسہِ علم زِ یہِ کوسہٕ چھےٚ تہٕ کیاہ چھِ ...... وونگو باسان چھُ پیشہٕ کرن واجبن چھنہٕ۔ اِمکان چھُ اِی زِ یہِ چھےٚ کتہِ تام دوکھہِ دِتھ شراب چاونہٕ آمٕژ تہٕ پتہٕ چھُہس ...... کوٗرمُت ...... یہِ گژھہِ گوڈنچہِ لٹہِ پھسیمٕژ آسنۍ۔ توہہِ چھا کینٛہہ فِکرِ تران؟ بےٚ حُرمتی کرنہٕ پتہٕ چھےٚ یہِ بازرس منٛز تراونہٕ آمٕژ۔ ژوٗچھ پلو، کتھٕ کٕنۍ چھِ أمِس لأ گتھ تہٕ وُچھ کمہِ آیہِ چھےٚ۔ امہِ چھُنہٕ یم پلو پانہٕ لأگمتۍ بلکہِ چھُس کمۍ تام نالۍ ترأومتۍ ...... بانبرِ بانبرِ تہٕ أنی مأنی۔ وونۍ وُچھ تہٕ ہوٗمس ڈٕنٛٹھس کُن یَس مےٚ چیٚھی ہیٚرٕ أے تراوِ نۍ۔ بہٕ زانن نہٕ سہٕ وُنس تام بلکہِ وُچھم أز گوڈنچہِ لٹہِ۔ دراصل چھےٚ تمۍ یہِ وتہٕ پکان وُچھمٕژ۔ چوٗنکہِ یہِ چھےٚ وُنۍ شاید شراب چاونہٕ آمٕژ ییمہِ کنۍ أمِس مولوٗم چھُنہٕ زِ یہِ کیاہ چھےٚ کران تہٕ کتہِ چھےٚ۔ تہٕ ہہٕ چھُ أمِس پتہٕ پلو لوٗگمُت تہٕ بےٚ ہوشی ہٕنٛدِس حالتس منٛزٕ چھُس لوتہِ پأٹھۍ گُنہٕ کُن نٔین یژھان ...... تہٕنزِ بیتأبی کنۍ چھُم اِی فِکرِ تران۔ غلط چھُسو نہٕ وننان پننو أچھو وُچھم أمِس پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ پلو منٛزی بوزنہٕ ینہٕ والہِ أہنٛدِ جسمک حظ تُلان۔ أمۍ آسہٕ ہے یہِ پکہٕ ناوٕمٕژ میون تھوٗتھ گوس۔ یہِ چھُ پراران بہٕ کرژلہٕ یتبتھ۔ وُچھ وونۍ ہیوٗتُن پکُن۔ وُچھسا ٹھہریو ینٛہ تہٕ ہیوٗتُن أکھ سگریٹ زالُن۔ زنتہٕ ییمی سُنٛد ظوٗئےٚ چھُس نہٕ۔ خارٕ ژھنس بلاے ژےٚ وَن کانٛہہ وَتھا یہِ کتھٕ بچاوون أمِس نشہٕ

تہٕ کتھ ہیکون یہ پٔنن گرٕ واتناوِتھ''۔

پُلسہٕ واألی ژیوٗن معاملہٕ کیاہ چھُ تہٕ ہوٚمس شخصہٕ سُند یرادتہٕ اوسنہٕ کھٕٹتھ۔ مگر سہٕ اوک طرف تراأوِتھ پھیوٚر بے ہوش لڑکیہِ کُن۔ تہٕ نیٚمیو کوٗٹھِن پٮ۪ٹھ تہٕ لوٗگ سُنٕی پأٹھی لڑکیہِ ہُنٛد بُتھ وُچھنہِ۔ پُلسہٕ واألی سُنٛدِس بُتھِس پٮ۪ٹھ اُسی رحم تہٕ ترٕسکی آثارٕ نٕی پأٹھی لبنہٕ یوان۔

''ہاے...... افسوٗس کتھ چھےٚ!'' تمی ووٚن ''بوزسا...... ہے جانا'' تمی لاجہِ تس ستی کتھ کرنہِ...... ''ہے...... ژ کتہِ ساچھکھ روزان؟''

لڑکیہِ مُژ راوِ گوو بے مُژ تہٕ نٮ۪ند رِہٕ اُچھ...... تہٕ بےٚ ستھ تہٕ گابرِ مٕژ ونظرو کوٗرُن پُلسہٕ واألس وُچھناتہٕ (گلہٕ ناأوِن اتھٕ)۔

''ہے یپأرِ'' راسکولِنکافن ہیرٕ پٔنٕنٕ چندن ژھاأنڈ دِن تہٕ لتہٕ وُچھنٕ وٕہ کوپک موجوٗد''ژ رٹسا ییم پونٛسہٕ تہٕ ٹانگہٕ منگناأوِتھ وَن تمِس یہِ اوہنٛد گرٕ واتناوٕنی وٕ ہنٛگو سوال چھُ اوہنٛد ناو پتا چھُنہٕ موٚلوٗمے''۔

راسکولِنکاف سپُد فِکر مند۔

''ہے کوریا...... ہے کوریا......'' پُلسہٕ ووٚل ووتھ پونٛسہٕ رٹان رٹان ہٮ۪یہٕ تَس کُن'' بہٕ ہسانہٕ چانہِ باپتھ ٹانگہٕ تہٕ پانے یٮ۪ے گرٕ ستی۔ مگرےٚ وَن کوٚت چھکھ ژنِ۔ روزان کتہِ چھکھ''۔

''مےٚ تراویلہٕ...... مےٚ تراو یلہٕ تُہی کیازِ مےٚ ستاوان'' سو ژٔج وُٹھ تلی وٕننہٕ تہٕ ہٮ۪یہٕ اکہٕ پھرِ گلہٕ ناأوِن پٔنٕنی دوشوٗے اتھٕ تہٕ تتھٕ کٔنی سو شاید یمن اتتھ ژلنہٕ تہٕ سو گٔنی ژٔنی تراونہٕ خاأطرٕ ونان آس۔

''ہاے...... ہاے...... افسوٗس تہٕ شرمہٕ ہنٛز کتھ چھےٚ یہِ...... ہے کوریاہے چھےٚ مند چھ تتھٕ کٔنی روزُن'' پُلسہٕ واألی ووٕ ننس بیک وقت دوٗکھ ژُکہِ تہٕ شرارتہٕ سان گردن گلہٕ ناأوِتھ۔

''بڑٕ مُشکل چھُ ...... مےٚ چھُنہٕ باسان یہٕ ییہٕ وٕلی وٕلی حبسہٕ'' پُلسہٕ وأ لی ۆون رَاسکولنکافس تہٕ یِی ونان ونان گٕرنس تالہٕ پیٹھ کھورٕ نیٚٹھس تام نظر۔ تس باسیو تعجبٕ أمِس جندٕ مِتِس نوجوانہٕ سٕندی 20 کوپک دِنی۔ سہٕ ُ باسیو نہٕ تس یُتھ گُذٕ اِر بند۔ دمباغن کھیوس چکر تہٕ رَاسکولنکافس کوٚرُن بےٚ شوٚنکی پأٹھی سوال۔

''ژےٚ کتھ نزدیک وُچھتن یہٕ ......ییٚتہٕ پیٹھ کوٚ تا دوٗر''

''یہٕ أس مےٚ بروٗنہہ برونٛہہ ییٚتھی بلیوارڈس پکان۔ ییٚکیاہ ییٚتی پیٹھ تہٕ یوٗتتھ وأتتھےٚ دیُت امہٕ یاشاہ کرِتھ پان ییٚنچس پیٹھ دأ رِتھ'' پُلسہٕ وأ لِس گوٚ وأند رِم گُمانہٕ دوٗر۔

''توبہٕ ......توبہٕ...... وُچھسا کم کم تھوکن لایکھ کامہٕ چھےٚ سپدان أزی کِس دُنیاہس منٛز ......شرم چھےٚ یِوان وُچھِت تہٕ بوٗزِتھ۔ خدا گرِ نی پٔنُن رحم۔ کوٗسہٕ موصوٗم شُر چھےٚ گوڈٕ شراب چاوِنہٕ آمٕژ تہٕ پتہٕ چھِس جبرن پلونالہٕ کڈنہٕ آمٕتی۔ أتھی زور زبردستی منٛز چھِ یِم ژھینِمتی۔ یِم وحشی چھِنہٕ یژھن کوربن شریف تہٕ خاندأنی گنٛز راوان۔ شایدٕ اوٚ کِنی زِ یِمہٕ چھےٚ غریب گرن ہنٛزٕ۔ کوسہٕ بدکأری چھےٚ وُچھنہٕ ییٚوان۔ پزِتھ شایہٕ چھےٚ یژھہٕ کورِ زالس ولنہٕ یوان۔ گریٚنٛدی چھینہٕ یژھن مجبوٗر تہٕ نادار کوربن ہنٛز۔ وُچھ موصوٗم بتھِس پیٹھ چھبس أکِس پاک زنانہٕ ہنٛز شرافت ......تہٕ اِی ونان ونان لوٗگ سٔنتھ أہنٛدِس بتھِس نزدیک پأٹھی وُچھنہٕ۔

شاید آسہٕ ہے نیک سیرت کورِین ہندی پأٹھی بڑان۔ یِمن فقط اعلیٰ نسب شرافت تہٕ غربت باگہٕ آمٕژ أس تِگرِتھ تہٕ آسہٕ ژُست تہٕ بتھ چھلِتھ پکان تہٕ پٔنُن دامن رژھرِتھ تھاوان مگر ...... ''مگر ووٕنی چھِ اہم کأم'' رَاسکولنکافن ووٚن زور دِتھ ''یہٕ ہُمِس بدمعاشہٕ سٕندِ پنجہٕ تلہٕ بچاوُنی۔ نتہٕ چھُ سہٕ ُ تہٕ أمی ہنٛز عصمت دری ...........توٚن چھُ سہٕ ُ کیاہ چھُ یژھان۔ کوٗلِل ہوٗن ......زنٕ چھُ أتی رُونہٕ آمُت! نیران ما چھُ'' رَاسکولنکافن ووٚن تس نفرس کُن اشارٕ دِتھ زورٕ زورٕ۔ تمی بوٗز یِمہٕ گژھ تس کھوٗسن ژکھ ......تہٕ شرلتہٕ ییٚتی

لوٗگ مغز ژاپنہٕ۔ اما خبر کیاہ سوٗنچتھ ووٚنس نہٕ زوٗ ستی۔ کہنٛہ تہٕ فقط گرنس نارژھٹہٕ ونی نوٗج۔ امہٕ پتہٕ پوٗک یہے قدم داہ مرتہٕ ٹھہر یوبیٚنہٕ۔

''اُسی ہیکون نہٕ یہٕ اُمس لُفنگس نشہٕ بچاؤتھ پُلسہٕ واٗلس اوس سخ تشویش باسان'' ''کم از کم گژھِ یہٕ پنُن پتاہ وَنُن''۔ یہٕ پھِٹےٚ نہٕ وُنہٕ پھیرانے حبہٕ۔ ہیے..... ہیے ہے.....کوریا ...... ہےکوریا......'' سہٕ نیمیو بیٚنہٕ کوٹھنن پٹھ تہٕ دِژنس زپر۔

اتھ لگہٕ وُنے پھٹ زن تس ترتہٕ اُچھ مُژراوِن یتھ پاٹھی زنتہٕ اَتھ لاگن واٗلس کھیٚنہٕ ہے۔ مگر اکھ وردی پوش نفر وُچھتھ لَج تس وارٕ وُچھنہٕ پتہٕ معاملہٕ سمجھ نچ کوٗشش کرنہٕ۔ رژھا گژھتھ وٗژھ یا شاگرِتھ تھوٚد...... ''ہنہ بےٚ شرم......زن چھکبھ دِوٚتھ وٗژھمِژ ...... زن ماجہ بیٚنہٕ واٗلی چھِنہٕ۔ سوٚ کھیے دِمہ نہٕ زہریا..... ہتا گوھیو ہیا کمینو''۔ تمہٕ وون اُکسے شہس مِنٛزتہٕ درلیہٕ واپس تمی وتہٕ یپاٗری آییے یہٕ۔ وُنکبس اُس سو تیز تیز قدم تُلان۔ حالانکہِ گیری دقہٕ اُسس وُنہٕ یوان۔

اُتھی ستی دژاو ہہ وُچاپہٕ باٗل تہٕ اُمس پتے تہٕ بےٚ خوف پاٹھی اوس سڑکہِ لپاٗرِ طرفہٕ اُمسے مُد اُے گنڈِتھ قدم قدم پکان۔

''ژٕمہٕ برفِکر ...... یہٕ دِمس نہٕ ہرگز اُمس اتھ لاگنہٕ'' پُلسہٕ واٗلی وٚون دنڈ ٹکان ٹکان تہٕ دژاو تمن پتہٕ پتہٕ۔

''کوسہٕ بدکاری چھِے از کل وُچھنہٕ پیوان'' پُلسہٕ واٗلی پھِری وہ شاترٛاوتھ بیٚنہٕ پٕتم الفاظ۔ اُتھی دوران زن لوٗگ رَاسکولنکافس کُس تام خیال تُرسع دِنہٕ تہٕ آناً فاناً بدلیو تُھند سونچ ''ہے ...... ہے ...... جمادار ...... ہے یپاٗری'' تمی لاے پُلسہٕ واٗلس کربکھ۔ پُلسہٕ وول پھیو ر پتھ کُن۔

''ہے دوٚ یے ہسا...... موٚکرِکھ کینہہ ...... دِکھ سا گوھنہٕ۔ ژےٚ کیاسہ بگی۔ تمی نس سامنٕ''۔ رَاسکولنکافن وٚون سڑکہِ ڈٕنڈی ڈٕنڈی پکن واٗلس کُن اِشارٕ کرِتھ۔

"ترأون ساسو تہٕ یہِ ہے پانے درایہ۔ ئلہ کیاہ چھُے ژٕ نے یمن بلایہ ژٕھنٕ"۔ پُلسہٕ وألِس گیہِ رَاسکولِنکافس اندر یہِ تبدیلی وُچھتھ عقلہِ بقل تہٕ لوٗگُس مدأے گنڈتھ وُچھنہِ۔ رَاسکولِنکافن ترووُس اسن کھنگالہِ۔

اَچھّا ...... پُلسہٕ وول ووٗتھس بُتھ ژٕ کرأوِتھ۔ ژٕ چھِھس گُستام تہٕ دژاوہُمن پتہٕ پتہٕ۔ امہِ وِزِ باسیوس رَاسکولِنکاف شاید پاگل بلکہِ تمہِ کھوتہٕ تہٕ بتّر۔

"ہنہ...... انزِس منزٕس نِی أمی پونڈ پُلسہٕ وألی میأنی 20 کوپک ننگأوِتھ۔ رَاسکولِنکاف ییلہِ گُنُے زوِن تروٗ کھسہ لوٗگ وہرِ گژھتھ وُٹھ پھسرایے کرنہِ۔ خأر تس ہوٗنس تہٕ کتہٕ تراوِ یہِ ...... کھنٕ نَے توتہٕ ہیٚنہِ تس تہٕ یہے 20 کوپک لڑکی ستی مٕ کرنس تہٕ ژھوٗٹراوِ معاملے۔ یہِ تگہِ ہے نا یمن پانہٕ وأنی انزراوُن تہٕ مے کیاز دیُت یہُنڈِس معاملس منز دخل۔ أمِس لڑکی یہِ مدد کرُن اوسا مے اِے مٹہِ۔ مے گُس حق چھُ کأنسہِ ہُنڈِس مدّتس ووتھنک یم اگرے اُکھ أکِس زندے ننگلاون ...... مے کیاہ اُتھ ستی۔ مے رکتھ کوٗرجرت 20 کوپک پُلسہٕ وألِس دِنٕک ؟ یہِ أسا میأنی زِی؟ ہیٚنہِ کمہِ سناخأطرِ دِتمس ؟۔

پأنی پانس امہِ بیزار گژھنہٕ باوجوٗد اوس تس سخ محسوٗس تہٕ سہ بیوٗٹھ تاپھ تپہٕ وِنس ہینچس پٹھ ...... تس لگی بے مقصد خیالن ہُنڈی طوفان ینہِ۔ سبٹھاہ کوٗشش کرنہٕ پتہٕ تہٕ اوُسُس خاص کُنہِ أکِس خیالس پٹھ سونچِن مُشکل باسان۔ سہ اوس ووٚنی سورے دُنیاہ بلکہِ پنُن پان تام مُشراوُن یژھان تہٕ غفلتچ نندر تراونہٕ پتہٕ بیدار گژھِت نوسرِ زندگی ہُنڈ ہگرٕ پکہٕ ناوُن یژھان ............ "وائے بچأرسیاسر!" ہیٚنچہٕ رکس تتھ کوٗنس نظرا گرتھ ہتبتھ سوہتھ أس لوٗگ رَاسکولِنکاف سونچنہِ۔ "حبسہٕ پھیرتھ کوٗتا دِتہٕ پتہٕ ییلہِ موج بوزبس ...... سو دِیٚس پھٹکار۔ مس کڈبس تہٕ یڈٕ لاگبس سیٚخ ...... یتہٕ چھُ ممکن زِ گرِ منزٕ ے کڈبس۔ تہٕ بچأر گوہِ فرانستونا درالہِ ہُنڈ چکلہِ بُزی پتہٕ نیرِ وتن پٹھ خرپدار

ژھارنہٕ۔ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ بمأری نو بس تہٕ لگہِ ہسپتال وانن یہ زن پیشہٕ کرن واجبن گانٛہن ہٕنٛدِس قسمتس لیٚکھتھ چھُ آسان۔ (کمن شریف تہٕ یزتھ دار ماجبن ہٕنٛزٕ کورِ چھےٚ اَتھ زالس منٛز لگتھ تباہ تہٕ بُر بادسپدان) ؤ ریہِ وادن تلبس نہٕ ہسپتال وان، خریدارتہٕ شراب تھپ یوٚ تام زِ بُتھیک رنگ ڈلبس تہٕ ٹونگن نیرنس تہٕ پتہٕ گُس مازبس...... ارداہِ گُنوہہِ ڈٕلتھے باسبس زندگی ہُنٛد آفتاب لوسان...... مےٚ ہےَ تژھہٕ کاٗژاہ پیشہ ورچھےٚ اَچھن تلے۔ مگر یمہٕ کیازِ چھےٚ یہ پیشہٕ کرناونہٕ یوان؟ تہٕ یمہٕ کیازِ چھےٚ یہ پیشہٕ کرُن تسلیم کران؟ اِدٕ تکرتھ امہِ ستی چھا کانٛہہ زربرواتان۔ زِ ژھٕنن ہُنٛد ونُن چھُ یمہٕ غریب گرن ہٕنٛزٕ شریف کورِ گرژھن کیٚنٛہہ فیصدی پرٛتھ ؤ ریہِ چکلہٕ واجنہٕ بنٛنہٕ۔ شاید اِکنٛی زِ تہنزن کوربن لاگہِ نہٕ کانٛہہ اتھ۔ تہنٛد دامان روزِ زٕ ژھرِتھ۔ کیٚنٛہہ فیصدی! ہا ہاہا...... کم گرِتھ تہٕ ژٕرِتھ لفظ چھِ ونان۔ سایٔنٹفک تہٕ تسلی بخش لفظ چھِ ورتاوان...... اکہِ پھرٕ ؤنی تن کانٛہہ ...... کیٚنٛہہ فیصدی...... باقٕبن متعلق چھُ دِل بےٚ فکر روزان۔ اگرے بدلہٕ کانٛہہ لفظ آسہن ورتاوان أسی ما آسہٕ ہو پھرٕ یٹُ گرژھان......اوہ اگرے دوٗنیاتہٕ أتھی کیٚنٛہہ فیصدی گرژ منٛز یہِ؟ زٕنٛڈی بٕنتھ نے تہٕ داشتہٕ بٕنتھ......تیلہٕ؟......تیلہٕ......تیلہٕ؟

''ہائے۔ مردن کیا زنہٕ کانٛسہِ ہٕنٛزٕ ماجہ بیٚنہٕ ٹھٹھہٕ کرنہ وزِ خیال روزان زِ تم چھا ساپانہٕ گنہٕ پھٹمٕتی؟

''م...... مگر بہٕ کوٚت چھس یور پکان'' ہنگہٕ منگہٕ بدلیوس خیالن ہٕنٛد سِلسلہٕ۔ تعجب چھُ وُچھ بہٕ درایوس بدلہٕ کامہِ خاطرٕ ڈیرٕ پیٹھ۔ ماجہِ ہٕنٛزٕ چھِٹی پرٕ تھے درایوس یہ ڈیرٕ پیٹھ رَ ازوٗ منہنس سمکھنہٕ......وونی پیٚومےٚ توتہٕ یاد بہٕ کیاہ کرنہِ درایوس۔ اماسنامےٚ کیازِ اوس رَازوٗمنہنس سمکھن۔ مےٚ کیاہ سنا خیال آیو؟ تعجب چھُ''۔

رَاسکولنکاف گوٚ وزن زٕہتھ۔ رَازوٗمنہن اوس تہنٛد یوٗنیورسٹی ژاٹہٕ باجیو منٛز اَکھ۔ یہ چھےٚ اَکھ ؤنٛی لایکھ کتھ زِ رَاسکولنکافن اوس شایدے یونیورسٹی منٛز کانٛہہ

دوست بنوومُت ۔ سہٕ اوس ہٕنہٕ مُشدِ ہُند جن ہیوٗ روزان ۔ نہٕ اوس کانٛسہِ سمکھنیے گژھان تہٕ نہٕ اوس کانٛسہِ سمکھنہٕ ینہٕ وٲلِس خوش آوے کران ۔ اِہ کٔنی ترووپرٛتھ اَکی اَمِس ستی لیف اَلِیفے ۔ سہٕ اوس نہٕ طالبہٕ علمن ہٕنٛدبن اجتماعن، گِندنس درو کنس یا بحث ومباحثس منٛز تہٕ زانٛہہ حصہٕ نوان ۔ اما سبق اوس دِل دِتھ پران یمہٕ کِنی پرٛتھ کانٛہہ احترام کران اوسُس مگر خوش اوسُس نہٕ کانٛہہ اکھا ۔ وونگوہیوٗ دوٚے غریبے اوس پانس اوس تِتھٕ کٔنی کوک رٹان زِ باقین اوس تر پھاٹوان ۔ اَتھ پتھ اوسُس اَکثر ژاٹہٕ باجبن یہ شک گژھان زِ رٛاسکولن کاف چھُ تِمن وُنہٕ شرِے زانان ۔ تکیاز سہٕ اوس تہٕ دِماغہٕ کِنی تہٕ پرنہٕ لحاظہٕ تہٕ اصل تہٕ فرح پرکھاونس منٛز تِمن سرس باسان ۔ یٚیمہِ کِنی تِم چکارس اَسِس نہٕ کھسان ۔

امارازوٕ منہنس ستی اوس دِلہٕ ستی رلیومُت یاڈِپی تو تِمس نِشہِ اوسنہٕ کانٛہہ تھزر ہاوان تہٕ گتھ ژوٗرِتھاوان ۔ حق چھُ رازوٕ منہنس نِشہِ ہیکہِ ہے تِنہٕ دوٗ رہتھ کیازِ سہٕ اوس سبٕتھے پُرخلوص، مِلنسار، صاف دِل تہٕ سیٚو دساد جوان ۔ مگر اَتھی سادگی منٛز اَس تسنٛز لیاقت تہٕ شان ژھیٚپتھ ۔ تسند بن ژاٹہٕ باجبن اوس یہ پوٗرٕ پاٹھی فِکر تو رمُت تہٕ اِہ موٚکھ اُسی تس ستی یاڑ زلاگان ۔ حالانکہِ گاہے اوس سہٕ عانہِ بیوقوف باسان ۔ شکلہِ کِنی تہٕ اوس سہٕ وُچھن لایق...... تھوٚ دتھوٚ دمگر نرِکون ہیوٗ ژاوُل کاوِ پکھِ ہیوٗ کرُہن مَس اَرِتھ ۔ مگر بتھ صفا شین ۔ تس زن اوس مٔنزی منٛزی بوت سوار گژھان ۔ تہٕ حیلہٕ گری گری اوس پٔنن جسمانٛی طاقت آزماونہٕ بہان ۔ اکہٕ راتھ ژ کریون یونیورسٹی مائکس پتھ اکھ پُلسہٕ وول اَمی رنجہِ کٔنی مُش تراوِتھ مارِ ۔ شراٰبی اوس یتھ زِنستہٕ کِنی یوٚ دوآپس کھسہ ہس تھک کڈھے نہٕ مگر یژھِ ہا اگر تہٕ ناوتہِ ہنیٚہ ہے نہٕ شرابک ۔ تِتھے پاٹھی اوس کُنہٕ کُنہِ ساتہٕ شرارت گری گری نالہٕ ژٹ کڈناوان تہٕ گاہے اوس سبٕتھی سیٚو دساد باسان ۔ تسنٛز دوٚیم خصوصیت اُسی یہ زِ سہٕ اوس نہٕ ناکامی ییٚن، پریشانٛین تہٕ مصیبتن کھوژان ۔ یوٗتاہ

برداشت اوسس زِ گُنہِ تہِ جایہِ ہیکہِ ہے ترِ کٹھکار وتراُوِتھ تہٕ بۆچھِ ہۆت گذٕرِ گرِتھ۔ باسان اوس ناموافق حالات ہیٚکہن نہٕ تس زانہیہ تہِ مارٕ گرِتھ۔ سہٕ اوس اکہِ غریب گرُک اُچھ گاش مگر سارے ضرٕ رژ اوس اکہِ یاپٮ۪یہِ قسمچ مۆزٕری گرِتھ پۆرٕ کران تہٕ بروٚنہہ برونہہ پکان۔ پونسہٕ زینہٕ نکی تہٕ بحث کرٕنکی اُسی تس سأری ژھل مولوٗم۔ اکہِ ونٕد زوٗلن نہٕ وٗنٕدی وندس ہیٹرٕ ے تہٕ پرٕتھ اُکس اوس فخرٕ سان ونانٕ......"ہیٹر بند کرنہٕ ستی چھےٚ مےٚ سردی اندر میٹھی تہٕ گوٚب ننٕدر پیٚوان" وونی اوس تمی تہِ یونیورسٹی گژھُن ترک کوٚرمُت مگر فقط کینژٕ کالہٕ خأطرٕ تکیاز ِسہٕ اوس پونسہٕ جمع کرنہٕ خأطرٕ سخت محنت کران۔ یُتھ سہٕ دوبارٕ یونیورسٹی گژھُن لایکھ بنہِ ہے۔ رٚاسکولنکافس اُسی ژور ربتھ تَس سمکھنس گأمتی تہٕ رٚازدٚمنہنس تہِ اوسنہٕ رٚاسکولنکافن ایڈرس مولوٗم۔ البتہٕ اُسی زٕ ربتھ بروٚنہہ اُکِس بازرس منٛز یانہٕ وأنی سمکھی متی۔ امأپوٚز رٚاسکولنکاف اوسنہٕ تس پان ہاوُن یژھان تہٕ کھوٚت پترِ پتھ لوٚب روزنہِ مگر رٚازدٚمنہنن اوس سہٕ گوڈے وُچھمُت تہٕ یتھ کنی دراس کرٕتھ تلی زنتہٕ زانہِ ہیسے نہٕ۔ تمی تہِ یوٚ ژھُس نہٕ تکلیف دیُن۔



# (۵)

''بےٚ شک'' بہٕ اوُسس پٔتمیو کینژٕو دوٚہو پیٹھ راز وٕ منہنس اوے کٔنی سمکھُن یژھان زِ سہٕ کرِ میانہِ باپتھ کامہِ کارُک بندوبست۔ یا دیاوبہٕ ٹیوٗشن کُنہِ جایہِ۔ یا یہِ کینژھا تس مُناسِب باسہِ۔

راسکولن کافن سوٗنچ مگر ووٚنی کیاہ مدد ہیکہِ سہٕ مےٚ کٔرِتھ؟ مانو سہٕ کرِ میانہِ ٹیوٗشنک انتظام تہٕ اگرے پانس کینہہ ٹنکی بچتھ اَسس تم تہٕ دیہِ مےٚ یتھ بہٕ کھور بانہٕ ہمہٕ تہٕ پان ٹیوٗشن کرنہِ گژھنس قابل بناو۔ تہٕ پتہٕ...... تمہٕ ستی کم پہاڑ پھیرن؟ بہٕ زینہٕ گوٚتام پونسہٕ تمن کیاہ ہیکہٕ بہٕ کٔرِتھ؟ مےٚ چھِنہٕ ووٚنی پونسہٕ ٹنکی ضروٗرتھ......آ......ووٚنی گوٚو راز وٕ منہنس نِشہِ گژھُن فضوٗل......''۔

راز وٕ منہنس نِشہِ کیاز ِ اوس تس گژھُن یہِ خیال روٗدتس واریاہس کالس پریشان کران۔ سہٕ روٗد بےٚ صبری سان امہِ خیالہٕ اَندرٕ کہتام سِرسأوی مانہِ ژھاران۔

''امارازوٕ منہنس نِشہِ گژھنہٕ ستی اندٕ ہنہٕ پزی میأنی نیأے۔ ہیکیا سہٕ فردِ واُحِد میأنی کھٔری کأستھ''۔ سہٕ لوٗگ حأرأنی اندرٕ پانس پرٕژھنہِ۔

''دسرٕ نی پأٹھی لوٗگ کیاہ تام سوٗنچنہِ تہٕ ڈبکہٕ مُرنہِ۔ تہٕ خبرمےٚ تکیا وُنی'' کینژس کالس سونچہٕ رٔس سٔد رس منز پیران روزنہٕ پتہٕ آو تس ہنگہٕ منگہٕ زنتہٕ کینہہ سونچنہٕ کرنہٕ ورأے تہٕ کُنہِ یرادٕ ورأے خیال۔

''ہُم......راز وٕ منہنس نِشہِ گژھہٕ بہٕ ضروٗر''......تٔمی ڈِژ دفعتاً لفظن زوٗ تہٕ پختہٕ

اِرادٕ کٔرِتھ لۄکھ وٕنہِ۔ بہٕ گژھہٕ راز وَنہنس نِشہٕ اما سو کٲم کرنہٕ پتہٕ...... آ سو کٲم کٔرِتھ ...... وُنکیس نہٕ ہرگز...... سو کٲم کرنہٕ پتہٕ دوٚیمہِ دوہہ گژھہٕ بہٕ ضرور تس سمکھنہِ یِیلہِ بہٕ سو کٲم کرٕ میانہِ زندگی ہُند نوٚو صُبح پھوٚلہِ......"۔

تہٕ یکدم ژیوٚن تٔمۍ زِسہٕ کیاہ اوس سونچان۔ کوسہٕ کٲم چھےٚ تس کرٕنۍ۔ "تمہِ کامہِ پتہٕ" تٔمۍ دِژ زوردار کرٛکھ تہٕ گوٚو وٕنہِ ییٚنچہِ پیٹھ تھوٚد وٕتھتھ مگر "میانہِ دستہٕ ییا سو کٲم؟ چھا تہٕ ممکن؟" تٔمۍ ترو وپُن بینچ اَتی تہٕ لۄکھ یہٕ ڈٔلۍ زِتہٕ دَونہِ۔ یہٕ سُہ اوس پَنُن گرٕ گژھُن یژھان۔ مگر پننس ڈیرس پیٹھ گژھنکۍ خیالن زن کوٚر تس دَم۔ تٔمۍ کوتر مٕرس منز یادٕ پٲو أتھی تنگ المارِ منز اوس یتھ وحشت ناک خیال اٗہندس دماغس منز پرتھیومت یُس أمِس برابر اکہِ رٕتہٕ پیٹھ اُکساوان اوس تہٕ اوٚمو کھ لۄکھ بےٚ مقصد پٲٹھی بروٚنہہ بروٚنہہ پکنہِ۔

أمِس کھوٚت یہٕ ہأبتناک ارادٕ وۄتھان وۄتھانےٚ تَف تہٕ تھرٕ تھرِ ستۍ لۄکھ الہِ ؤتھرکی پٲٹھی نٹنہٕ تہٕ تِتھس تِتس تاپس منز اوس تس پان شپنہٕ سرس منز باسان۔ أندرمہِ کشمکشہٕ ستۍ پریشان سپدِتھ تہٕ پَنُن ظون پھرنہٕ خأطرٕ لۄکھ سہ اٗندی پٔکۍ کینہہ چیزن سام ہینہِ تہٕ سننہِ اما کانہہ چیز ہیوٚ کنہٕ تُسُند ظون پھرِتھ تہٕ سوچکس سمندرس گنڈ پھرِتھ ٹلی کہِ رؤد پرٛتھ دوہہ تریہ منٹہٕ پتہٕ خیالن ہُندِس اَتھ طوٗفانس وٕہی تہٕ ول بدلاوان۔ یِیلہِ تٔمۍ اکہِ ساتہٕ یا شأگرِتھ کلہٕ دُبارٕ تھوٚد تُل تہٕ أندی پٔکۍ نظر ترأوتس گوٚو صریحاً مشرب زِسہٕ کیا اوس وُنی رژھ کھنڈ بروٚنہہ سونچان تہٕ سہ کوٚت پیٹھ چھُ پکان۔ یتھ کُنی پۄک سہ پوٚرٕ واسلِ وِسکی سڑکہِ تہٕ تورنُو اکدلہٕ اپورتہٕ اَتہٕ پھیوٚر کھورِس بتھس ٹُکن ییتہِ تازٕ ہواتہٕ شولہٕ مارٕ وٕنی سبز گھاسہٕ مأدان وُچھتھ تس گوٚو ڈنچہ لٹہِ شہر کین ژیلہٕ ژیل والین کوچین ہُندِ گردٕ غبارٕ تہٕ بجین بجین عمارژن ہُندِ زالہٕ منز نیرِتھ تھچومُت اُچھن تراوتھ پھیر۔ یپأری ہپأری اَسی نہٕ شراب خانہٕ۔ نہٕ اوس مکانن ہُند گنہر تہٕ نہٕ ژیلہٕ ژیلہٕ

ستی دم پھٹٕ کرن وول ماحول۔ مگر یہِ خوشہٕ وُن تہٕ پُرسکوٗن ماحول ہیوٚ کنہٕ تس ابدی
قرار کیاہ اکہِ پہر باپتھ تہٕ سکوٗن دِتھ ہٮ۪کہِ گوٚو۔ اِستادٕ تہٕ گُلی گنر بس منٛز آباد اَکس رنگدار
بنگلس بروٚنٛہہ کنہِ ہیوٚتُن شاہ۔ سہٕ لوٚگ بنگلہِ کہِ دیوارِچہِ جالہِ منٛزی اندر رمُدے
گنڈِتھ وُچھنہِ یِیتہٕ بڑاندس تہٕ ہیٚر مہٕ زونہٕ ڈبہِ پیٹھ زرقہٕ برقہٕ کروٗن پوشاک لٲگتھ
چاک وچو بند زنانہٕ آسہٕ تہٕ باغس اندر شُری گِنداں درہ کان اَسی۔ راسکولنکافُن
ظوٗنۍ نیوٗ خاص پاٚٹھی باغہٕ کُن پوشومُتھ...... سہٕ رُوٗ دتمن واریاہس کالس وُچھان تہٕ
وُچھی تمی وتہٕ رٔپسانہٕ بگہِ تہٕ صحت مند گُری تہٕ یمن پیٹھ خوش پوش تہٕ تازٕ دَم لڑکہٕ تہٕ لڑکیہٕ
سوار آسہٕ۔ سہٕ رُوٗ دتمن ژرژنہِ اماتم نظرِ ڈٕلتھے اوسُس یکدم سوٗرے مشرب گرٕھان زِ
سہٕ کیا اوس وُچھان۔ اَکِس جایہِ ٹھہریو سہٕ تہٕ لوٚگ پونسن حِساب کرنہِ۔ تس پیٚو یاد زَ
تس اَسی 30 کوپک یِمو اندرٕ 20 پُلسہٕ واٲلِس تہٕ ترٚے نستاسیہس ماجہِ ہٕنٛزِ چِٹھی
وآتناونس بدلہٕ دِتِن۔ "تیلہِ گرٕھن مے امہِ حسابہٕ مارمیلادوفنن ستاجی یا پنژاہ کوپک
دِتمتی آسنی"۔ خبر کیا زِ لوٚگ اَتھ پھیر دِنہٕ تہٕ اَتھی ستی گوٚو تس یِتہٕ مشرب چندِ منٛز کمہِ باپتھ
کجے تمی پونسہٕ۔ تہٕ یہِ پیٚو تس پتولاکن ژیٚتس ییٚلہِ اکہِ ریسٹورانہٕ کِنی پکان اوس تہٕ پننہٕ
شدید بوٚچھِ ہُند سخت احساس گوس...... سہٕ ژاو ریستورانس اندر رتہٕ چیون شراب
گلاسہٕ اَکھ تہٕ بیٚہہٕ کھیوٚن کہتام۔ کم کاسہٕ کھیٚنہٕ چینا گرِتھ لوٚگ سہٕ بیٚہہٕ پکنہِ۔ از چیوٚ تمی
واریاہہِ کالی شراب تہٕ اوٚ کِنی کھول اَمی تس ژٕلی ژٕلی نشہٕ۔ اگرچہِ تمی اَکُے شراب گلاس چیوٚ مگر
تس گوٚو بےیہِ زنگہٕ تہٕ غنوٗدگی کھۄتس۔ ووٚنی پھیوٚرسہٕ گرِکُن مگر سہٕ اوس یوٚتاہ تھوٚکمُت
زِ اَکھ قدم تُلن اوسُس بارِ گران گژھان اوٚ کِنی دژاو سہٕ برلبِ سڑک گلی دوبچھن کُن تہٕ
نرم نرم سبزارس پیٹھ واتہٕ وُنُے دیٚتِن پان دأرِتھ تہٕ رژھا گژھتی پییہِ تس گوٚب ننبدر۔
ییٚلہِ دِماغ کُنہِ کھٕلشہِ منٛز مُبتلا تہٕ تھوٚکمُت آسان چھُ امہِ وِزِ چھُ ننبدر سٕبُتھے گوٚب
آسان۔ وضاحتی تہٕ حقیقتس نزدیک خواب چھ زٕیِن لبان۔ کُنہِ کُنہِ چھِ خوفناک خواب

ذہنہٕ کِس سوتھرِس طلاطم تُلان پوٚز ییمن ہِشر یٚنی ووٚنن، سارے صوٗرت چھےٚ پزٕ پزٕ تہٕ یہنٛدی تفصیل بارٕ یک تہٕ عقلہٕ نہٕ ویٚثرٕنی لایکھ تہٕ سبٹھےہ فنکارنہٕ پأرایس انٛد رآسان ۔ یہٕ زن اَکھ خواب وُچھن وول بامے سہٕ پُشکِن یا تُرجینفس یُیٚوٕ فنکارتہٕ اُسی تن، ہوٚشیأری ہِنٛدِس عالمس انٛد رتخلیق کرِتھ ہیکنہٕ ۔ تِتھی ہوٕی خواب چھِ واریاہس کالس انسانہٕ سِنٛدِس ذہنس پیٹھ سرتاز روزان تہٕ یِتی چھِ مشتعل تہٕ تھکہٕ مِتس اعصأبی نظامس پیٹھ زوردار اثر ترٛاوان ۔

چنانچہٕ اَتھ حالتس منٛز وُچھ رَاسکولنکا فن تہٕ خوفناک خواب ۔ تٔمۍ وُچھ خواب زنتہٕ تس پٔنن شُری کال دُبارٕ آمت تہٕ اوس پنٛنس تِتھی لوکٹس قصبس انٛد ریٚیتہٕ تھنہٕ پیومت اوس ۔ وأنسہٕ اوس ستہٕ وُہر تہٕ اکہٕ چھُٹیہ ہٕنٛدِ شام وقتہٕ دژ اوپنٛنس مألِس سٟتی پٔننہٕ گامُک سأر کرنہٕ ۔ ہرٕدِ کا لُک سِر سأوٕ موسم اوس تہٕ نب اوس الوٕنٛد ۔ پزٕ رچھُ یہٕ زِتہٕ سٕنٛدِس دِمباغس انٛد روو تلے یہٕ امہٕ علاقٕچ ترٛشہ صاف تہٕ صحیح تصویر زِہیداُری منٛز ہیکہانہٕ یٚتھ کمال ہزار ہا کوٗشِشہٕ کرنہٕ پتہٕ تہٕ کرِتھ ۔ یہٕ لوکٹ قصبہٕ اوس اَکِس سٕترِس مأدانس منٛز ۔ منٛز اتھکی پأٹھی صاف یوٚ تام زِ ویرٕ موکھ اَکھ تہٕ اُسی نہٕ کُنہٕ نظرِ گژھان ۔ بلکہٕ اوس دوٗر سبٹھا دوٗ رنبہٕ ژٕنٛدِس نزدیک کُلۍ گُنبر اَکھ داغ ہیوٗ باسان ۔ اٰخری بازرٕ کہٕ باغہٕ پتہٕ کِنۍ اوس کینٛہہ قدم دوٗ را اَکھ شراب خانہٕ ۔ سبٹھےٚ بوٚڈ ۔ سہٕ ییلہٕ تہٕ پنٛنس مألِس سٟتی لیٚأمٕژ پکان اوس تس اوس کھوژن یوان ۔ شراب خانس نشہٕ اوس ہمیشہٕ لوٗکن ہُنٛد بار ہجوم ......کربکہٕ ناد...... لبکہٕ لبکھ ...... اسن کھنگالہٕ ...... فحش شار گوان تہٕ زیادٕ تر جگرٕ کران آسان ۔ خُمارٕ ہِژ وتہٕ خوفناک نظروٕ وُچھن وألی شرأبی اُسی زنتہٕ شراب خانس ولنہٕ آمتۍ آسان ۔ ییمن وُچھت یہٕ بچو رمو صُم شرٛکۍ نبن اژان تہٕ مألِس سٟتی ژمان اوس ۔ میخانس نزدیک بنے یہٕ سڑک گردو غبارٕک اَکھ وتہٕ پوٚ دیو سہٕ گردٕ پرٕتھ وِزِ کرہنہٕ رنگہٕ آسان اُس ۔ یہٕ اوس وتہٕ ہُنٛد اٰخری حِصہٕ یٚیتہٕ پیٹھٕ الہٕ پلہٕ ہَتھ قدم پٔکِتھ یہٕ سڑک دٕچھن کُن اَکِس قبرستانس کُن پھیران اُس ۔ قبرستانس منٛز باگ اوس کنمن ہُنٛد نیلہٕ رنگہٕ گُمبز

وول اکھ گرجا گریوٚت سہٕ مائلس ماجہِ ستی پنہٕ نانہٕ ہنٛدِس یادس منٛز ؤریس اندر دوٚیہِ ترٛیہِ لٹہِ مذہبی رسم پوٗرٕ کرنہٕ گژھان اوس۔ یوسہٕ نہٕ تمی وُچھمژ تہٕ آس۔ تتھین موقعن پیٹھ آسی تم ناٹہٕ تہر ہش اکھ ضیافت بناوان۔ سفید رِکابہٕ منٛز شیر تھ آسی اَتھ پیٹھ گنہٕ کشمشہِ ستی کراس بناوان تہٕ سفید میز پوشس ؤلتھ آسی گرجا گر نوان۔ پرانہِ طرزِ تعمیرُک گرجہٕ اتھ خاموشی تہٕ بڈٕ پادری یسنٛزِ کلہٕ ہیرِ ہرد کالکہِ پنہٕ وٕتھرِ کی پاٹھی نٹنٛژ آس اوس تس سبٹھے ٹوٚٹھ۔ نانہٕ ہنٛزِ قبرِ نکھے یتھ اکھ کنہٕ نشانہٕ آس اوس راسکولنکا فن لوٗکٹ بوے تہٕ دفن یُس شیٚہ ریوٚتنیٚ یٚیمہِ عالمہٕ گومُت اوس۔ لوکٹس بایس متعلق اوسنہٕ تس کہنی تہِ پتاہ مگر مائلی ماجہِ اوسُس تس متعلق بار بار وٕنمُت تہٕ اِکنہٕ ییٚلہِ ییٚلہِ سہٕ قبرستانس پیٹھ واتہِ ہے پنٛنس سینس پیٹھ صلیب بناوِتھ اوس بہٕ صد احترام بوٚن نٕمِتھ بأے ہنٛزِ لوکچہِ قبرِ میٹھی دِوان۔ خوابس منٛز اوس ووٚنی سہٕ میخانہٕ تراوِتھ پنٛنس مائلس ستی امی قبرستانہٕ چہٕ وتہِ پکان۔ مائلس اَتھس تھپ کرِتھ اوس شرابین کُن ژرِ نظر وُچھان۔ اکہِ خاص قسمچہٕ گہما گہمی نیوٗ راسکولنا فن ظون مُہتھ۔ اتہِ زن اوس کیاہ تام مائہٕ لوٗ گمُت۔ یٚیمہِ کنہٕ لتہِ لوٗ کن ہُنٛد بارٕ رٕش اوس یمن منٛز قصبکی خوش پوش لوٗکھ...... گریسی بایہِ تہنٛدِ خاندار تہٕ قریب قریب علاقکی ساری لُچہِ لفنگہٕ شامل آسی۔ پرٛتھ کانٛہہ اوس گیوان تہٕ کم زیاد شراب چیتھ۔

میخانکس دروازس نکھے آس اکھ ٹانگہٕ گاڈی کھڑا۔ یہٕ آس عجیبی ساختچ گاڈیاہ۔ یہِ آس تموبجیو گاڈو منٛزٕ اکھ یمن وُسوار تہٕ بڈٕ باڈوکی گُری لمان چھِ تہٕ یمن اندر شراب مچہِ تہٕ دوہیم گوٚبی گوٚبی چیز سارنہٕ یوان چھِ۔ بجبن گاڈبن ہنٛدی یِم بڈٕی گُری آسی نہٕ تس خوش کران۔ زٕٹھی زٕٹھی یالہِ دار تہٕ طاقتور نل وُسخان کنبن مدارِ قدم تُلن والبن گُربن ہُنٛد پہاڑ ہیوٗ گوٚب بور پکہٕ ناوُن بیٚیہٕ یہٕ باس دیُن زِ یتھ بور پکناوُن چھُ تِہنٛد ژھوٚر پکنہٕ کھوتہٕ سہل اوس راسکولنکا فس بوٚ کہٕ پھوٚلناوان تہٕ فرحت دِوان۔ مگر وُنکبس اوس

حال اَتھ برعکس۔ اَتھ بجہِ گاڈِ اوس اکھ لاغر تہٕ ژھوٗٹ موٗٹ سورخہٕ جانہ وار گنڈِتھ زنتہٕ کائنسہِ گرٕ ہسی ہٕند بوٗ کاترو منز اکھ اوس یم رٲسکولنکافن لوکچین لوکچین گاڈبن گنڈِتھ وُچھمتی اٲسی یم لکرِ یا گاسُک زیادٕ پہن بور پکہٕ ناونہٕ خاطرٕ زبردست زور آزمائی کران اٲسی۔ خاص کٔرِتھ تمہِ وِزِ یِلہِ پہیہِ ربہِ منز یا گُنہِ کھوڈس منز پھسان اٲسی۔ تہٕ گرٕ ہسی اَسِکھ بےٚ عارپٲٹھی حدٕ روس ماردی دِیِ نسکھ کڈان۔ باضے اَسِکھ نستہٕ تہٕ اَچھبن تام قمچو ٕستی خبر ہیٚوان۔ تہٕ وُچھِت اوس رٲسکولنکافس جانہِ منس یِوان تہٕ اوس باکہٕ دِوان تہٕ موج اٲ ٕسس اکثر تتھبن موقعن پٹھ دارِ نشہِ تھوٚ دتُلان۔ منزٕ گوٚ شوروشر گیوٗن تہٕ ڈف وایٕنی کنن تہٕ اَتھی ٕستی درٕ او میخانہٕ اندرٕ نشہِ گٔرِ ٕمتبن دہ باشن ہُند بوٚ ڈ بارٕ ہجوم نیبر یمن نیچہِ تہٕ ووزجہِ قمیضہٕ نالی آسہٕ تہٕ کوٹ پھیکبن پیٹھ اٲسی۔

''ہے کھٔسِو سا...... کھٔسیو گاڑِ'' اَکی موٗٹ گردن گٔرِتھ وو پھریمتہٕ تہٕ ووزجہِ گازرِ ہٕندِ رنگہٕ بُتھ گٔرِتھ جوانن وونکھ کرِ بکھ دِتھ ......'' ہایہِ گیہِ میأنی کاٲم تھٕ سارٕی پکہٕ ناوٕنی ...... کھٔسیو تھٕ سارٕی گاڈِ'' مگر ہجوم لوٗگ بیک وقت زورٕ زورٕ اَسنہِ تہٕ حارٲنی ہُند اِظہار کرنہِ''۔

''اچھا...... ہاہا ہا...... یہِ ہسا پکہٕ ناوِ اَسہِ سارِنے ...... ہاہاہا...... ہے جانور وٕچھون سا کیاہ چھُ! کیا سہ مکولکا ...... پاگل ماچھُکھ یہِ لاغر لوٗٹ پھُتھن یہِ بجہِ گاڑِ لوگمُت؟

''ہے یار وورٕ کونا چھُو وُچھان یہِ ہسا چھےٚ کھارٕ ڈٕ تہٕ پگاہ سپدِ برابر وہ وٕرِش۔

''کھٔسِو کھوڑنہٕ ورأے تھٕ۔ یہِ گیہِ میأنی کاٲم تھٕ سارٕی پکہٕ ناوٕنی'' ونان ونانے ژٕھنی گوڈ مکولکا ہن پانہٕ گاڑِ منز ووڈ تہٕ راس رٕٹِتھ رٕ ونمس پیٹھ برونٹھی کنی کھڑا۔ گرہسا چھم چھم نیٚو مُت بکولکن'' مکولکا اوس گاڑِ اَندرٕ ونان ''اِدیمہِ بجہِ ہونہِ کوٚ رُس تنگ۔ یہِ چھم فیٚونٹ پھاٹوان۔ دپان چھُس کھش کرِہس۔ اَمِس وٕژہ بستہٕ لمہِ چھُم کلہٕ دود تکمُت۔

خأرتھٕ کھٔسیوٗ۔ تو ہہ ستی گۆو وعدٕ ژُپنجل دِوٕ ناون۔ ژُپنجل دِوٕ ناون نہٕ تیلہِ چھُم نہٕ مِکو لکاناو تہٕ قمچہٕ اتھس کنبتھ ٹُلتھ لوٗگ اُمِس بچارِ کشہِ ٹاساٹاساتراونہِ۔

"ہاو ناو تہٕ کھٔسیوٗ دپانے ژُپنجل دِوٕ ناون" ہجوم لوٗگ اَکھأ اَکس وَننہِ۔

"ہاونو تہٕ غلط ووتھمہٕ...... پتمبن داہن وُ رٕبن منز پچھےٚ نہٕ ژُپنجل زانٛہہ پچھِ مگراز دِوٕ ناون"

"یہ ہاوا آ تناواسہِ اکی ووٹہِ گرٕ"

"ہیا تہٕ بوٗ زوومیون یہ چھےٚ منڈاوٕ مژی۔ سأری ٹُلیو اَکھ اَکھ قمچہٕ۔ گنڈیوٗ ہوٗل تہٕ دِوٕ ناویوں"

"اِداسہِ کیاہ چھُ مزے ہے یہ" تہٕ لگی جمہٕ گوٗٹھ کٕرتھ اَسان اَسان تہٕ ٹسنہٕ گری گری مکو لکاسنٛز ٹانگہٕ گاڑِ کھسنہِ۔ شیٚے نفر کھٔتی گاڑِ تہٕ وُنہِ اُس واریاہ جاے یلہٕ۔ تمو کھأجی اَکھ وٹھی پۆٹھ مگر گلأبی روخہٕ زٔنیا لمی لمی گاڈِ اندر ریٖس ووزلہِ رنگہ سۆتی کپرُک پوشاک نألی اوس۔ ووڈِ اوسُس کُکلہِ دارتھوٗ دقصابہٕ تہٕ کھورن اوسُس موٹہِ دالک کھوربانہٕ۔ کتھٕ کیاہ اُس کران...... زن اُس مُٹھ توان سوٗ اُسی تیز تیز چاپٕری کتھٕ کران تہٕ ٹھاہ ٹھاہ کٕرتھ اَسان۔ تہٕندِس اَسنس پتھ آسہٕ باپتٕ سوارِ تہٕ اَسان ہیٖہ تہٕ کیا زِ یہ ہے نہٕ تمن اُسن لمنس اُسکھ مرنہٕ دادِدوو دریمٕژ کھارٕ ٹییمی ہندِس باروبتر اونس پتھ گوڈنیتھے سواربن شکھ اوس تہٕ ووٗنی کھٔژِس تیژ اوٹھی پۆٹھ یاوُن کُکلی ییمہٕ گوڈنچبن شمن سواربن ہنٛدِ کھوٗتہٕ زیادٕ جاے رٕئی۔ "ووٗنی چھے پزی سانہِ مدیچ ضرورتھ" وٗتھی زٕ جوان اَسان اَسان مکو لکاہس کُن تہٕ اِی ونان ونان ٹُلِکھ زٕ قمچہٕ اتھن کنبتھ۔ کیازِ مِکو لکانے اوسُکھ ناوونمت زِ یہ ٹُلہٕ ناون ژُپنجل ووٹہٕ۔ "ہلہٕ پأری" لفظ وُنتھ دِژ تمو کھارچہٕ زیرٕ تہٕ سوٗنچ سورُ ے بل آزماونہِ مگر ژُپنجل دِوٕنچ چھیےٚ نہٕ کتھے سوٗ اُس نہٕ رٕژھ تہٕ گاڈِ اِرٕ کٕرتھ ہبکان۔ سوٗ اُسی ہوٗ چھمژ وزنگوٕ ستی قدم ٹلنٛچ کوٗشش کران مگر کوٗت...... ترٕین ترٕین

قمچِین ہئز ڈوٗ ڈھکی پأٹھی ٹاسہٕ راریہٕ ستی ژمیہٕ سوٗ زورآزمائی گری گری تہٕ کھمان کھمان کھوٚتُس پوٚس۔ گاڈِ منز ہیتھ سوارِ تہٕ نیبرِم ہیوٗم اُسی ووٗنی گوڈٕ نِکہٕ کھوتہٕ زیادٕ ٹھاہ ٹھاہ کٕرِتھ اَسان۔ مکولکالوٚگ شرارتہٕ ستی وُٹھ ژاپنہٕ تہٕ اُچھ پھرِتھ ٹلنٕ کھارچہٕ قمچوٕ ستی دٕہ۔ تس بچارِ آو پڈٕرن تام عأرق تہٕ ہیوٚتُن ییتھ تیتھ قدم قدم لمُن۔ اما مکولکا اوس تیتھٕ پأٹھی قمچِین پیٹھ قمچہٕ والان زنتہٕ تس وُنتہٕ اہنڈِ ژٕپنجل دوٕ نک گُمان اوس۔

''ناوتہٕ مےٚ تہٕ تلیوٗ ہو...... ہوبہٕ ہویمہٕ ہو'' جمہٕ گٹہٕ منزٕ لوٚگ اَکھ نوجوان بیتاب گوٚمِتھ کرٕ ٹیکہٕ دِنہٕ۔

''کھسوٗ ہاوسیأری کھسِوٗ'' مکولکا ہن ووٗنکھ یہ ہاو پکہٕ ناوِ اَسہٕ سارنے۔ توہہٕ کیاہ بوٗزوٕ۔ بوٚے اُمِس پتہٕ قمچین تلے زوٗ کڈٕ'' تہٕ لوٚگ کاڈبن کھسِتھ کھارچہٕ ٹاسر ارےٚ ٹلنہٕ۔

''پاپا ...... پاپا......'' رَاسکولنکافن لاجہٕ کرٕ ٹیکہٕ دِنہٕ ''پاپا...... وُچھساہُم کتہٕ گٔنی چھِ گُرِس بچأرِس چھمبان...... پاپا یمن ونتہٕ سہ کینٛہہ''

''پکھ ساپانس گوٚبریا...... پکھ موٚ وُچھ یمن کُن۔ یمو چھُ شراب چیوٗمُت۔ یمن چھِ مغزٕ ڈٕ لمتی تہٕ اُمِس بچارِ پیٹھ ظلم کرنس منزٕ چھُ یمن لُطف یوان''۔ مأژی ووٗہتس تہٕ ہیوٚتُن اتھ ڈالُن مگر رَاسکولنکاف لوٚگ پلوژٕنہٕ تہٕ اوش ہارنہٕ تہٕ رٕڈلأ گتھ ژوٚل مأژِس اَتھِ منزٕ تہٕ گٔنی دوٗرِ سیٚدیو گُرِس نِشہٕ۔ کھارچہٕ اوس پزی حالہٕ بد گوٚمُت۔ سوٗ اُسی کھمان تہٕ اڈٕ مأر گوٚمِتھ وُکراونہٕ یوان شاید اُس ٹانگہٕ گاڈِ ہنذ بن یمن ستی سینہٕ بندتہٕ زینگ نال گنڈِتھ آسنہٕ کُن ووٚدنہٕ۔

''ہیأ وُتلِوٗ قمچہٕ تہٕ کڈیوٗ یمِس زوٗ۔ اُمِس ہا چھُ مُرن ڈیکس لیکھِتھ ووٗنی نا تھاون نہٕ بہٕ یہِ زندہ!''

''ہیو بد بخت شیطانو...... تُہی چھو اعیسأی ...... تُہی چھواہتی ظأٹلم'' مجمہٕ اندرٕ لوٚگ اَکھ بزرگ یمن خشمہٕ ہوٚت دٕنہٕ راونہٕ۔ ازتام چھا باتوہہٕ کأنسہٕ وُچھمُت پہواہجہٕ گاڈٕہ

یۄٚت لۄ کُٹ ٹوٚٹ پکناوان ۔توہہِ چھُوا عقلہِ ناش گومُت؟ دوہیم اَکھ نفراو وٕٹھک ۔ ’’باسان ہسا چھُم تہۍ ژھنیۄن یہِ مأرتھے‘‘ ۔ترییم وۄننکھ ’’ ناوتہٕ تہۍ کیا مام چھُوا ۔منز چھوٕ ووتھان ۔مال چھُم پنٕن مے یہِ خوش گژھہِ تہٕ کرس ۔ کھُسیو توہہِ تہٕ اگرے کھُسُن چھوٕ کھُسیو سأری ۔یہِ ٹلناون بہٕ ووٹہٕ...... اُمِس پاوٕ بہٕ یاد‘‘ ۔

مِکولکاسنز کتھہٕ بوٗزِتھ گوٚ واُسُن کرِبکن ہٕنٛدِس جوشس منز تبدیل تہٕ اندرٕ نیبرٕ ییٚی لۄکھ اَے وہ لسنس ۔تہٕ کھارٕ چہِ ہیرٕ قمچہِ ٹاسوٚ ستی جیرہ ۔تتھ دُولتہٕ ٹلنہِ ۔ییمہِ ستی سوار بن نوٚوے لُطفا آوتہٕ لگی پراژٕ ووہرأوِتھ زنتہٕ مژرہ ۔تتھ ژرپوٚپ گری گری کھارٕ چہِ شاباشی دِنہِ ۔حدچھُ زِتس بزرگس یُس وُنی رژھ کھنڈ بروٗنہہ ییمن ٕرڈیوتہٕ گمنے اُمِس خستہٕ حال کھارٕ چہِ ہِنٛدِس احتجاجہٕ رٕنگی دولتہٕ لاینس پیٹھ وُٹھ ۔

ہجوٗم منزٕ ٹُکی دوہیولڑکو قمچہٕ تہٕ لگی دوہیوطرفو کھارٕچہِ ہٕنزن لرکانن خبر ہینہِ ۔’’ناوتہٕ ہو گُدروأچھن ہا اچھن لاینس ہیٚہِ وأ لیوس بتہٕس مُسلہٕ‘‘ مأ لکہٕ مال ووٕٹھک ’’آ ہا...... آہا...... والیوٗ...... وأ لیوٗ...... اُتھی ستی ہاوگوٚ ژھ بأتاہ گیوٗن‘‘ وۄننکھ اکہِ سوارِ ۔تہٕ لگی سأری شُرنن تہٕ طبورِ کس سازس پیٹھ گُستام بے معانی بأتھ گبو نہ ۔تہٕ ہو ویٚٹھ زنانہٕ اُسی بدستوٗ راَسان تہٕ چیخ چیخ کران ۔

یپأری ووت رَاسکولنکاف دَوان دَوان کھارٕ چہِ نزدیک تہٕ روٗدتس بروٗنہہ گنہِ ۔ تمی وُچھ زِ کھارٕچہٕ اُسی بے وایہِ اُچھن پیٹھ قمچہِ والنہٕ یوان ۔بچور پاگلہٕ سٔندی پأٹھی لوٗگ کربکہٕ دِنہِ ۔تس اوس ہاٹھ گژھنک خطرٕ ۔اُچھوٕ اوس تتھ گنی خوٗن ہاران دزٕوُن نار ژھیوٕ ہا ۔اُ کِس جوانہٕ سٔندِ قمچک پرٕتھ ووتھُس موضُم بتہٕس بچأرِس رام رام بدرٕنی بوٗنی ہش لاہ کھڑٕ س ۔مگر تس گوٚ نہٕ یہِ محسوٗس تہٕ ۔تہٕ اتھہٕ موٗران تہٕ بڈٕ بڈٕ وٕ رِوے کران گوٚ و کاژرمَس تہٕ ریش گرِتھ تس بزرگس نِشہٕ یُس امہِ حدٕروس ظُلمک منظرٕ وُچھن زٕ روٚتھ ہیکان اوسنہٕ تہٕ کلہٕ ہیٚیس طرفس گٔن پھران اوس ۔اکہِ زنانہِ روٗٹ رَاسکولنکاف نرٕ

تھپ گرِتھ تہٕ شاید أسس أکِس اندس کُن نٔنی یِژھان۔ مگر تمی لِتھنو وپان تہٕ یَل دِتھ ژولُس تہٕ دوریوبیٚیہِ کھارچہ نشہِ یوسہٕ وونی أخری شاہ کھاران أس اماتوتہِ أس بیٚیہِ اکہِ لٹہِ دُولتہٕ ٹُلنی پژھان۔

''اوبہٕ ہیچھنا وتھ ژٕ دولتہٕ ٹُلنی''، مِکولکاہن وون مغز ژاپان ژاپان۔ تمی تروو قمچہِ پتھرتہٕ بوٚن کُن نٔمتھ کھورن گاڑِ ہٕندِ سامانہٕ ڈبہٕ منز اکھ شبشتر ڈنڈٕ تہٕ اکہِ انٔد دِوِیو اَتھو ستی چیرٕ رٔٹتھ وولُن سبٹھے زورٕ امہِ کُے دَب کھارچہِ کمرس''۔

''ناوتہٕ یہِ ہاپُت کیابا مارِأمس''، تس أندی أندی دِژلوٗکو کربکہٕ''یژی کیابا مارِیہِ أمِس ظاہرا''

''ہاوہوتوتہِ کیاہ توٗہہِ......یہِ چھےٚ میأنی مِلکیت۔ کانٛہہ چھاچیٚچہٕ''۔ تہٕ أتھی ستی ڈکھروٗن ہوہَس منز نِہٕ ناٗوِتھ شبشتر ڈنڈٕ گاڑِ ہٕندِس فرشس تہٕ لبہِ ستی یتھ زوردار آوازدرایہِ۔

مکولکاسٕندی کینٛہہ ژٕہی ٹھہرنہٕ پتہٕ دِژہجومہٕ انٔد روار یاہوکربکہٕ ''مکولکا......بیٚیہِ اکہِ لٹہِ۔ ژٕ کیاژِ چھک تھک کڈان۔ وال وال......تھک مہ کڈٕ'' تہٕ أتھی ستی نِہٕ نوو تمی شبشتر ڈنڈٕ ہوہس منز تہٕ دند ٹکرِتھ وولُن بدقسمت کھارچہِ ہنٛز کمرچہِ أڈی جہ پٹھ۔ کھارچہِ گوٚ وپوٚت دری بہتھ مگر ڈنڈٕ کمرِ پٹھ تھوٚ دووتھان ووتھانے گیہِ کھڑاتہٕ ہیوٚتن بروٗنٛہہ کُن پکنہٕ خاطرِ لُمن۔ گیران گیران تہٕ أس سو گاڑی پکہٕ ناونچ کوٗشِش کران۔ شیوٚ قمچوستی أس أمس بچارِ ہن ہن دگنہٕ یوان تہٕ شبشتر ڈنڈٕ کوٚ رمکولکاہن ہواہس منز کھڑاتہٕ دیٖتن تریمہِ پھرِ کھارچہِ ہٕندِس کمرِس برٕتھ۔ پتہٕ ژوٗرمہِ پھرِ......پنٛژمہِ پھرِ ییے گوٚبی گوٚبی ڈنڈٕ۔ سُہ اوس وُٹھ ژاپان زِ تمی ہیچ نہٕ یہِ اکی دبہٕ مارِتھ۔

''کھارچہِ تہِ ہاوچھے أڈج سخ ژٔر''ہجومہٕ انٔد روون کُمی تام۔''ہانساتھأیوٗساتھو نظرأکِس منٹس منز بیٚیہِ پتھرتہٕ موکلہِ اوہند قصے''۔ بیٚیہِ کُمی تام حظ تُلن وألی تماشہ

گیرن وون۔

"ہے مکولِکا...... مکڑ اَن ساتہٕ وٹناوُن اُنٹھ" ترِیم کُس تام وو تھُس۔" ہا ہا......

تنہٕ کیازِ وۆنتھ نہٕ...... روز اَکس کُن...... مکولکا ہس اوس سخ فینٹان تہٕ شبشتر ڈنڈ

ترووُن پتھرتہٕ گاڈِ اندرٕ کڈِن زٕ ٹھ سمبل یوسہٕ بمشکلی تُلتھ ہیکان اوس۔" ہوشیار......

ہوشیار" وُنتھ دیُت تمیٚ سمبلہٕ ہُند کُنی دَب بچارِ کھارچہٕ برِتھ۔ سمبلہِ دبہٕ ستی زن گو

کھارچہ بٹیل مگر بیٚیہٕ اَچھ گاڈِ لمنہٕ۔ تہٕ اَتھی اندر ترووُس مکولکا ہن کمرس بیٚیہٕ سمبلہِ دَب تہٕ

آیہٕ زمینہِ پیٹھ وکراونہٕ۔

"ہاو کڈیو سوٗ ووٗنی زوٗ" مِکولکا ہن دِژ فخرٕ یہٕ اندازس منز کرٕکھ تہٕ کُنی ووٗتھ لایِن

یوٚن سمبل ژٕ چیٚس اتھہٕ منز نیرِتھ مگر بیٚیہٕ دِژنس وٗلی وٗلی تھپ تہٕ ووت کھارچہٕ ہندِس

کلس نشہٕ۔ بیٚیہٕ تہٕ آے واریاہ جوان یمن شرابکی نشن وُنہٕ واجہٕ اَس۔ قمچہٕ لورِ ڈنڈ

ییمس یہٕ اَتھہٕ لوٚگ اَتھس کنتھ ہتھ آو اَڈ زُمرٕ کھارچہ نشہ۔ مکولکا ہن روٹ آے تہٕ

لوٚگ پتوس پتھ کش کڈِتھ سمبلہٕ دب تراونہٕ تہٕ باقے جوان تہٕ اَسی اَمس وڑھ وانجہِ

مدد کران۔ کھارچہِ ٹُل کلہٕ رژھا تھوٚد۔ زیوٗٹھ شاہ ہیٚوتُن...... اَخری شاہ تہٕ گیہٕ ٹھنڈٕ۔

زوتہٕ وُنہٕ مگر بیٚ حرکت اَچھ لجبس درس۔

"کولہٕ قاتلہٕ ژٕنے تہٕ مأرتھن یہٕ اَخرٕ" جمہٕ گٹھہٕ اندرٕ ووٗنس کمی تام۔

"تیٚلہِ کیازِ پچ نہٕ ژٕ پنجل"۔

"میٚون اوسُم مال" مکولکا ہیٚوتُن وولُن۔ اَچھ آسس ووزجہٕ نار رہشہٕ۔

سمبل اوس ہوا ہس منز نژناوان تہٕ کھارچہِ ہنزن اَچھبن منز اَچھ تراوِتھ اوس

تس مُدے گنڈِتھ تہٕ باسان اوس وُنہٕ آونہٕ تس زبن واَش کڈنک تسلاہ۔

"ہیو قاتلاژٕ ناچھک عیسائی۔ ظالما...... ژٕ ہا چھک سانہٕ خاطرٕ مند چھ"۔ مجمہٕ

لندرٕ اَسس لوٚکھ ونان۔

''بچور رَاسکولِنکاف پوٚک کھوٚنہٕ وٹوٕستی لۄکن اوٕر یور دقہٕ ڈِی ڈِی بروٗنٹھہ تہٕ ووت خۄنہٕ سرٛان گاٮ۪ژ کھارچہٕ نِشہٕ۔ کھارٕچہٕ ہنٛز گردن بُرن دوٚن نرٕبن منٛز یَس اُچھوٚ نستہِ تہٕ اُسہٕ کَنٛز خۄن اوس وسان۔ اُچھن تہٕ اُسَس موٚنہِ گرِتھ ووٚتھ رَاسکولِنکاف کُنی ووٚٹھِ تہٕ پننٛز موصُم مُش ؤٹِتھ ہیٚژنی مکولکاہس ژھُچھی لاینٛز تہٕ اُتھی موقعس پتھ روٚٹ سہٕ پننٛز مأٔلی یُس اُمِس پتہٕ دوران اوس تہٕ نیۄن یتھٕ تِتھٕ جمہٕ گٹہِ منٛز الگ کڈِتھ۔

''پکھۄ گوٚ بریا...... اُسی ہا گژھو پانس گرٕ'' مأٔلی ووٕننس۔

''پاپا ...... ہاہا...... پاپا...... ہاہا...... یمو کیا زِموریہِ گُر۔ رَاسکولِنکافس اُسی وِدان وِدان ہِکی کھسان۔ تہٕ سہٕ اوس تیز تیز شاہ ہیٚوان۔

''شۄشا یمو ہا چھُ شراب چیومُت۔ نشس منٛز چھِ یم وحشی بنیاٮ۪متی۔ پکھ پانس۔ اسہِ کیاہ چھُ اَتھ سٮ۪ن''۔ مأٔلی ووٕننس۔ رَاسکولِنکافن گُر مأٔلس دوشوٕے نربو کوم تس باسیو دَم گژھان ...... سینس بیوٚٹھس کیاہ تام بار...... تُمی ہیٚژ یو کربکھ دِنہٕ باپتھ شاہ کھاژن مگر...... سینس اوُسس دَم۔ وأنٛج آیس پھٹنس ......جیرٕ یتھ ہیتھی تمی چرٛنگ دِنٛز...... تہٕ خواب پھُٹ۔ رَاسکولِنکاف گوٚ وبیدار۔

سہٕ گوٚ وبیدار شاہ کیاہ اوس والان کھالان ڈٕپتو فریکان اوس۔ تھٕنڈی مَس تمی تام اُسی گُموستی برِتھ تہٕ ترہریومُت تہٕ کانپہٕ نیومُت ہے بنگہٕ گژھِتھ گوٚ و کھڑا ......''شُک ......شُکر خودایس گُن ...... خوابے اوُسس وُچھان! اُکس کُلِس تل بہان بہان ووٚن تُمی تہٕ شاہ اوس زٕتھی زٕتھی تہٕ زورٕ سان کھالان والان۔ ''اما پوٚز یہِ کیاہ ڈٕلیل چھِ؟ مےٚ ماچھُ پتہٕ؟ یتھ خوفناک تہٕ موٚگر خواب وُچھ مےٚ'' سہٕ لوٚگ سونچنہٕ۔

تس زَن اوس سأرٕسے پانس لوٚکہٕ سوٚر گومُت۔ تسُند روح اوس خوفناک گِٹس منٛز ہینہٕ آمُت۔ کھوٚنوٹ زٕ کوٚٹھین دِتھ روٗمُن کلہٕ دوٚن اتھن منٛز تہٕ لوٚگ سرٛنی پأٹھی سونچنہٕ۔

''بڈ خودایا'' تس ژٕج کرٕکھ نیرتھ۔ ہیکیاتہٕ سپدتھ۔ میانہٕ اتھ چھاتہٕ ممکن......
پزی نماہہ تس مکرٕ ستی منی گاڈ ژٕتھ۔ تہٕ سٕر سٕر کرٕون وۅ زُل خۅن وسبس آ یکی پاٹھی......
تہٕ گُلف پھٹراوتھ نمس بۅ سارے وسمتھ...... تہٕ خۅنہٕ برٕژ مکرٕ ہیتھ تھاوِ ژورِ مال گنہ
محفوٗظ جایہ پوشید۔ میانہٕ خودایا...... چھایہ میانہٕ اتھ ممکن''۔ یہ ونان ونان اوس سہٕ
خوشک پنہٕ وٕتھرکی پاٹھی الان۔

''مگر بہ کیازِ چھس بار بار اتھی متعلق سونچان؟'' تمی تھاو پنہٕ کتھ جاری تہٕ
بیوٗٹھ سبٹھی حارٕتس پیٹھ سیوٗ دپاٹھی۔ مے اوس گوڈے پتاہ زِ بہ ہیکہ نہٕ یژھ کامہ باپتھ
تیار سپدتھ۔ مگر توپتہ تہٕ چھس بہ پانس اتھ پیٹھی سۅنچ یزادوان؟ یوٗ ے ییلہِ بہ
امیک ریہرسل کرنہٕ گوٗیوس تمی وِزِ ترِیوم فکرِ زِ مے چھنہٕ یتھ بتر۔ میانہٕ اتھ ہکہِ نہٕ
زانہہ یہ کام سپدتھ۔ مگر خبر کیازِ چھس بہ اتھ پیٹھ ییٚیہٕ تہٕ ییٚیہ سونچان؟ بہٕ کتھ شش پنجس
منز آس ہنہٕ؟ پوٗتمہ ہیرِ وٕستھے ونیونامے زِ یہ چھے ناکارٕ تہٕ قابلِ نفرت کام۔ یہ چھ کمینہ
ہُند کار...... امکہِ خیالہٕ ستی پیوس بہ زن ہرتھ تہٕ وہمہٕ ستی چھُم پان بمار باسان۔

''نہ...... نہ...... تمہٕ چھے نہٕ کتھے زِ بہ کیاہ ہکہٕ یوٗت جرأت کرِتھ۔ مانوٗ زِ یہ
قدم تُلنہٕ خاطرٕ چھے میانی دلیل حق بجانب۔ تہٕ سورے یہ کینژ امے پتمہٕ ریتہٕ خیال کریو
تہٕ تہٕ چھُ دُہلی گاشکی پاٹھی صحیح تہٕ حسابکی پاٹھی درست...... اوٗہ میانہٕ خودایا۔ صحیح چھُ یانہٕ مگر
یُتھ ناکارٕ قدم ہیکہٕ نہٕ بہ تُلتھ۔ دِل ہیکہِ نہٕ مے امیک اجازت دِتھ۔ گنہِ تہٕ صوٗرتس منز
ییہ نہٕ یہ میانہٕ جانبہٕ۔ مگر...... تیلہٕ...... تیلہٕ کیازِ چھس بہ وُنہِ تہٕ اتھ متعلق؟

سہٕ ووتھ تھوٗدتہٕ اندری یکی ترٕاوِن نظر باسیوس گوٗ یہ وچھِت حاران زِ اوٗتھ
رکتھہ ووت سہٕ۔ تہٕ دژا وکدلس کُن سہٕ اوس بتھہ لیٚد ریومُت۔ اچھ آسس ووجہ زنتہٕ
...... زنتہٕ ییمہٕ زٕ دٕزٕ وِنی دانہٕ گگ آسہٕ۔ رُم رُم اوٗسس تھوٗ کمُت اماوٗنکبس اسِ نہٕ تس
شاہ کھالنس والنس منز دِقت یوان۔ تہٕ اندریم خوف تہٕ باسیوس کم گرٕ ھان تہٕ تمی کوٗر

اندازٕ زِیہِ ناکارٕ خیال دِلہٕ منٛزٕ نبر کڈِتھ لۆ تیوٲ مِس سہٕ باریتھ تل واریاہ کالہٕ پٔتھ دبان وۄتُس ۔ تہٕ وُنکیس باسیو ٲمِس روٗحانی تسکین تہٕ ۔ ’’پرٕوِردگارا‘‘ اتھٕ زٕتھوٗ دِتھ مۆنگ تمۍ دُعا...... ’’میٖنۍ ہاوسارٕ ژٕ وتھ ۔ یتھ بہٕ امہِ ہٲبتناک خاینک تٲپر بدلاوِتھ ہیکہٕ...... خوداوندابوزساميون صدا‘‘۔

کدلہٕ تران تران لۆگ سہٕ نیواڈ ریاوس مست تہٕ مدہوش پٲٹھۍ وُچھنہٕ ییمکہٕ آبہٕ أندرٕ روٕ شلیمتِس آسمانس پٔتھ لوسہٕ وُنہِ ووزلہِ آفتابک عکس ووتلان اوس ۔ وُنکیس آوتِس جِسمٲنی کمزوٗریہِ باوجوٗد سرٕ دہیوٗ تہٕ تھکاوٕ ٹُک روٗدِس نہٕ کانٛہہ احساس ۔ تس آو آرام زنتہٕ ہنگہٕ منگہٕ پاکہٕ نیومُت پھٔپھٕر پھۆٹُس یُس اکہِ ریتہٕ پٔتھٕ دِلس پٔتھ جماہ اوسُس ...... آزاد ۔ بالکل آزاد ۔ وُنکیس اوس سہٕ کوٗرن واجنہِ دگہِ تہٕ کمہِ تام جادِکہِ زرٕ زرٕ نشہِ آزاد ۔

پتہٕ کینٛہہ کال گژھِتھ ییلہِ تس سہٕ وقت ...... تم سارٕی حالات یم تس تمن دوٚہن ژِ ہہ پتہٕ ژِ ہہ تہٕ نوکتس نوکتس پٔتھ سرٛان سونچان گٔذرے یاد پیوتس گوٚ واگے صورتحال وٕہمکی پٲٹھۍ غٲلِب حالانکہِ اکثر اوسنہٕ سہٕ وٕہمن ہنٛدِس گٹِلس منٛز ہینہٕ یوان مگر امہ وِزِ سوٗنچ تمۍ اِی زِیہِ چھُ تس شوٗٹھٕ ہنٛدِ تقدیرٕ ک ولہٕ گٔتن ۔ تہٕ امہِ ستۍ بدلہٕ تِہنٛزٕ زندگی ہُنٛد انمانٕ یے ۔ ووٚنگو سہٕ ہیوٚ کنہٕ پٲنی پانس یہِ کتھ باورٕ گرِتھ تہٕ نہٕ توٗرِس فکری زِ وُنکیس ییلہٕ زن سہٕ تھوٚ کمُت تہٕ ژھیوٚمُت اوس ییمہِ کنۍ تہنٛد باپتھ گرٕ گٔن لیٚچھ تہٕ سیٚزٕ وتہٕ نیرٕ ن سبٹھۍ مُنٲسِب اوس کیازِ آوسہٕ کھرٕ چہٕ بازٕرٕ ۔ کنۍ واپس یپٲرٕ تس نیرٕ نک حاجتے اوسنہٕ ۔ کھرٕ چہٕ بازٕرٕ کنۍ اوس نہٕ تس قطعاً یُن کیازِ یہِ بازٕر اوس وتہٕ ڈٕلِتھ تہٕ اصل وتہٕ نشہِ دوٗرٕ ے پٔہن ۔ یتہٕ چھُ پرٕزٕ زِ وُنیس تام اوس سہٕ درجن وادٕ پھرٕ گرٕ یتھ پٲٹھۍ واپس آمُت تس اوسنہٕ معلوٗم ے آسان زِ سہٕ کمہِ کوچہِ تہٕ بازٕرٕ منٛزی پۆک ۔ ’’نتہٕ کیازِ...... ’’پرٕتھ وِزِ اوس پٲنی پانس سوال کران ۔ ‘‘ آ...... نتہٕ کیازِ سپد غارٕ ارٲدی طور تس ستۍ

تِتھس اہم موقعس پیٹھ۔ اچانک پاٹھی کھرچہِ بازرس منز ملاقات (یپارِ نہ رَاسکولنکافس گژھنچ کانہہ ضرورتھے اُس)۔ ییٚہ زندگی ہنز تژھہِ گرِ تہٕ تِتھس ژہس پیٹھ سمکھنک مطلب کیاہ چھُ؟ دماغ تیتے اِی کانچھان اوس...... ییٚہ تِتھس صورتحالس منزتس ستی ملاقات سپدن ییلہِ سہٕ ملاقاتس (رَاسکولنکاف) پننہِ تقدیر بدلاونہٕ باپتھ یُتھ سنگین اثر ترآوتھ ہیوک تہٕ یہِ قدم تُلنہٕ باپتھ ہوٚل گنڈِنو'چھامانہٕ مطلب رؤس؟ شاید اوس تقدیرتہِ شوٹھ سنزِ اُتھی گرِ پراران"۔

رأژہنزِ نو آسہٕ بجے ہِژ ییلہِ سہٕ کھرچہِ بازرِ منزی پکان اوس۔ میزن ریڈن پیٹھ۔ پیٹرن پیٹھ پینچبن پیٹھ بہنہٕ والی پھکبہِ وأنی تہٕ دُکاندار غرض ساری بازرِ والی اُسی دُکانن اندر چیز بند کران یا اُسی جمع گرِتھ بوٚچھن منز بران تہٕ پنُن پنُن گرِ گژھن نیران۔ جندٕ گری تہٕ تمام میوٕ کنن والی اُسی کھرچہِ بازرٕ کبن شراب خانن أندی أندی بدبوٗ دار تہٕ گندٕ صحنن اندر رسمان گژھان۔ رَاسکولنکاف ییلہِ اپارِ دربدری کران اوس تس آو خاص گرِتھ یہِ مقام تہٕ امکی ملحقہٕ کوچہِ پسند۔ ییمہِ کنی زِ اتہِ اوسنہٕ توہند جند لباس نوٚن نیران یالؤکن ہُند ظون مُہتھ نوان۔ یُتھ تم نفرت کرِہنس۔ اتہِ ہیکہِ ہے انسان نیٚتھ نوٚننے تہٕ پھیرتھس تہِ لؤکن ہنزِ گنہِ تہٕ رُسوائی تہٕ الزام ترآشی ورأے۔ أکس کوچہِ گلِس پیٹھ اوس أکی بساطی تہٕ تہنزِ زنانہِ دوٚن تختن پیٹھ بساطِ سامان کنن ترِووٗمت۔

تم تہٕ اُسی گرِ گژھن نیرنہٕ باپتھ وٕتھمتی مگرأکس زأنی یارس ستی اُسکھ گتھ لٕجمژ یوسہٕ وُنی وُنی یمن نشہِ آمژ اُس۔ یہِ اُس لزِ واتا کاکڈ۔ یتھ پاٹھی تس پرتھ کانہہ ژھوٚٹی پاٹھی لزواتا یا لِنا ونان اوس، ژہنس پیٹھ قرضہٕ دنہٕ واجنہٕ بجہٕ ہنزِ لوٕ کٹی بینہٕ لیس نشہِ رَاسکولنکاف یوٚپنی گرِ گرِ وتھاوِتھ قرضہٕ اننہِ...... تہٕ اصل پاٹھی تمہِ کامہِ باپتھ ریہرسل کرنہِ گومُت اوس...... سہٕ زلنہِ ہے لناہس پوٚرِ پاٹھی تہٕ سو تہٕ اُس تس متعلق کم کاسہٕ زانان۔ لنا اُس وہرِ پنژ ترٕہ زاوج گاسہٕ کرٕٹی ہش۔ مگر قدٕ کنی تھزٕ تھزٕ۔ ستی اُس

سبٹھی کھوژ بڑی تہٕ بیوقوفہٕ سُندی پاٹھی فرمانبردار۔ پننہٕ بینہٕ ہنز اُس پوٗرٕ غولامی کران تہٕ تسُند ناوبوٗزتھے اُسس ترٕ گنڈی پھٹان تہٕ تھرتھراژان۔ سوٗ اسس راتس دوہس نبتھ ہیوان تہٕ باضے اسس معموٗلی لغزشن پیٹھ ماردی دیٕ ہڈ کڈان۔ وُنکبس اُس سو کھتام بوقچہ ستی ہتھ بسائطس تہٕ تسنزِ زنانہٕ ستی کتھن سنٕ میٹھمژ۔ خبر کیاہ خاص رازدارانہٕ موضوٗع اوس یتھ تمہ وَژھہ وانجہٕ دَل دِوان اسی۔ راسکولنکافس یتھےٚ تس پیٹھ نظر پیٚیہٕ تمِس گنے یہٕ عجیبے رائے کیازِ یتھِس موقعس پیٹھ لنا سمکھنہٕ باسیوتس حاراٗنی ہنز گتھ حالانکہ اتھ منز اُس نہٕ کُنہٕ قسمچہٕ حاراٗنی ہنز گتھ۔

''پتہٕ چھےٚ ژےٚ پیٚن منشہ لِنر واتا'' بسائطی اوس تَس زورٕ زورٕ ونان...... ''پگاہ اگر ستن بجبن تام یِکھ تمہ تہٕ آسن ییٚتی''۔

''پگاہ'' لِنر واتا ہن پرژھنگھ وارٕ وارٕ تہٕ کیاہ تام سونچان ییمہٕ تلہٕ باسان اوس پگاہیکہٕ نہٕ سوٗ یتھ۔

''مان ژٕ میون لِنر واتا ایوانونا، کیازِ چھکبھ تس کھوژان'' ووٗنس بسائطسنزِ پست قامت مگر زندٕ دِل زنانہٕ۔ زن چھکبھ راتچ شر پیٚیہٕ سوکیازن چھےٚ پننی سنٕ بینہٕ۔ اکس وورٕ بینہٕ چھنہٕ یوٗت پیٹھو ولی کرنک حق آسان۔

''اماپوٗ زعلیونا ایوانونایہٕ گری زِنہٕ امیک شکھ'' بسائطی ووٗنس منزی ''یہٕ چھےٚ میانٕ نصیحت...... ژٕ پیٚرلوٗتہٕ پاٹھی اسہٕ نشہٕ۔ آفائد چھےٚ تتھی منز۔ پتہٕ بوزِ علیونا چائی بینہٕ پانے''۔

''میون یُن چھاضروٗری''

''آپگاہ برابر ستہٕ بجہ۔ تمہ تہٕ آسن ییٚتی تہٕ روٗبروسپدِ معاملہٕ طےٚ''۔

''اکھےٚ چمو چایہٕ پیالہٕ تہٕ یکوٹے'' ووٗنس بسائطی سنزِ زنانہٕ۔

''اچھا ٹھیک چھُ...... یہٕ تہٕ ییمہٕ'' لنا ہن ووٗنس مگر وُنہٕ تہٕ اُس ووتلان تہٕ بوڈان۔ تہٕ اَتھی ستی اَچ وارٕ وارٕ قدم دِنہٕ۔

رَاسکولنکاف اوس وُنی رٔژھ کھنڈ بروٚنہہ او تتھ ووتمُت یَیمہِ کِنی أمی زیادٕ بوٗزِتھ ہیٚوک نہٕ۔ سہٕ پوٚک برارِ ہٕنٛدی پأٹھی لوٚت لوٚت کأنسہِ شک کرنہٕ ورأے تہٕ کن دِتھ اوس کوٗشش کران اکھا اکھ لفظ بوٗزِنچ۔

رَاسکولنکافس آو سرد عارق تہٕ بےٚ پےٚ خوفہٕ سٟتی تھرِتھرِ ؤتھ زن ڈیٖٹنس کمبرس تَیٚ برِتھ۔ تکیازِ تس کوٚڈ طمہن ییٚنہٕ کلہٕ۔ تس لوٚگ ہنگہٕ منگہٕ پتاہ زِ بچہِ ہٕنز ببنہٕ تہٕ کُنی سأتھی آسہِ پگاہ ستہٕ بجہِ گرِ نبر تہٕ کُلیتاً آسہِ سوہٕ بڑ پگاہ امہِ وِزِ کُنی زٔنی۔

رَاسکولنکاف اوس ووٚنی ڈیرِ نشہٕ گرٕتام قدمی دوٗر تہٕ ییٚلہٕ پٔنس کمرس منٛز ژاو سہٕ اوس یٔتھ ترٕہر یوٗمت زن اوٚسس موتک سزا دِنہٕ آمُت۔

وُنکبس اوسنہٕ سہٕ کہنی تہِ سوٗنچتھ ہیٚکان۔ تہٕ باسان اوس زِ "سو کأم" کرنہٕ بابتھ بُنیأدی تہٕ کُل ٹھوٚر گوٚ پأنی پانے دوٗر تہٕ ووٚنی چھُنہٕ تمہِ نشہٕ نِکھ موٗرنک سوالے پأدٕ سپدان۔

پزی کِن اگرے سہٕ وٗریہٕ وادن تہٕ انتظار کرِ ہے تہٕ پننہٕ منصوبچہٕ کامیأبی خأطرٕ میٖنز میٖنز قدم تُلہے توتہِ ییٚہ ہس نہٕ یِتھ مُناسِب موقعہٕ یُس وُنکبس پأنی پانے بدس آس۔ پننہِ منصوٗبچہِ عمل آوری خأطرٕ اوسنہٕ تہٕنٛدِ خأطرٕ یہٕ معلوٗم کرُن کُنہٕ تہِ لحاظہٕ سہل، خطرٕ روٚس تہٕ بہن لائیکھ زِ پگاہ کیاہ آسہِ کُنہِ خاص وقتس پیٹھ سو بُڑتنِ تنہا گرس اندٕ ریسنٛدِ قتل کرنک منصوبہٕ سونچنہٕ یوان اوس مگر وُنکبس لوٚگ تس کُنہِ محنتہٕ ورأے امہِ سارِ کُے پتاہ ییٚنہٕ الغأیہٕ ستہِ وتہِ پکان پکان۔

ا۔ ترجنیف (Turgeneve) اوس دوستووسکی سُند ہم کال ناول نگار۔ یم دوشوے أسی زار بادشاہ سٕنز مُخالفت کرنہٕ سببہٕ روٗسہٕ منٛزٕ ژلمتی۔ دوستوسکی آو بالاخر واپس مگر ترجنیف رُوٗ دتارکِ وطنی آخرس تام۔

۲۔ سو ضیافت یُسہٕ توٚمُل، لبدٕ رٕ ماز، مٹھأے یا کھنڈ تہٕ ییٚنہٕ مختلف چیز رلأوِتھ بناونہٕ یوان چھیےٚ۔ لگ بگ پلاؤ ہیوٗ آسان۔ وونگویہٕ چھُ بنس پتہٕ کھینہٕ خأطرٕ دِنہٕ یوان۔ یتھ کُنی أسی سوٗ ہٹ ڈِش بتہٕ پتہٕ کھیوان چھِ۔

# (٦)

پتہٕ ننیو رَاسکولِنکافس یِتہِ زِبسائٹی تہٕ تسٕز گرٕ واجبن کیازِ أسی لِزواتا ہس سالہٕ سالے کران۔ یہِ أس معمولی گتھ کانٛہہ خاص معاملہٕ اوسنہٕ۔ معاملہٕ اوس یہِ زِ قصبس منٛز نوٚ ونوٚ وُے بسنہِ آمُت اَکھ گرٕ اوس فأنگرٕ گومُت تہٕ ووٚنی أسی گرٕ چیز۔ پلَو پوٚشاک تہٕ زنانن ہِنٛدی آرأیشی چیز خرچاوٕنی یژھان۔ تہٕ اِو موکھٕ أسی تم تیٚتھ خریدار ژھاران یُس مُنأسب نرٕخ دِیہکھ۔ تہِ ہیکہِ ہے صرف لِزواتا گرِتھ تِکیازِ سوٚ أس یُہے کاربار کران۔ تِمس آسہٕ اَسامہِ اورے یِوان کیازِ سوٚ أس ایماندار تہٕ دردِ ورأے کُنی گتھ کران۔ پننہِ زِبوِ یہِ ونان أس تَتھ پھیرِ ہے نہٕ۔ کم گو آسنہٕ علاوٕ یہِ زن گوڈے ونہٕ آو أس سوٚزرم تہٕ کھوژٕ بڈٕ تہِ۔

رَاسکولِنکاف اوس کینٛہہ کالہٕ پتھٕ وہمی بنیومُت تہٕ تس أس یِژھ پژھے رأوِمژ۔ وہمن اوس سہُ یِتھ ژوپمُت زِ سہُ اوس قدمس قدمس پتھ پیش یِنہٕ والین حالاتن منٛز پُراسرار فال تلاش کران تہٕ کتھن کوٚتھٕ کڈان۔ تہٕ وِزِ وِزِ اوس یِمہِ نتہٕ ہومہِ کتھِ کُنی کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ شامت یِنس یا اُرت شگوٚن نیرنس پراران۔ پتمہِ ونٕد ووٚنس أکی زأنی کارژاٹہٕ بأج کتھ کتھِ دوران رہِس پتھ قرضہٕ دِنہٕ واجنہِ بُجہِ ہُنٛد نیب یِتھ زن حاجتہٕ وِزِ سہُ تہِ کانٛہہ چیز گروی تھأوِتھ ہیکہِ ہے۔ کینٛژٕ کالہٕ خأطرٕ گوٚو نہ رَاسکولِنکاف تورکیازِ سہُ اوس شُری سبق پرنأوِتھ یِتھٕ تِتھٕ گذٕرٕ کران۔ ڈوڈرٕ بتھ بروٚنٛہہ رِکشہِ یِنہٕ سبہٕ پہوٚتس بُجہِ ہُنٛد نیب یاد۔ زٕ چیز أسی أمس گروتھاوٕنی لایکھ۔ مأنٛلی ہشٕز اَکھ پرأنی روپہٕ ہشٕز گرتہٕ بیٚیہِ سوٚنہٕ ہشٕز لوٚکٹ وأج یِتھ ترِیےٚ وٕزجہِ چوٚنہِ آسہٕ

یوسہٕ ببنہٕ یونیورسٹی گژھنہٕ باپتھ روخصت دِنہٕ وِزِ ڈألی دِژہمژ أسنس۔ تہٕ فأصلہ کوٗرن یہے وأج ٕگرو تھاوُنک۔ ییلہِ تمی سو بُڈ زنانہٕ وُچھلس گیہ وُچھان وُچھانے تسٕنز کھر حالانکہِ تس متعلق اوُسس نہٕ کانٛہہ خاص علم۔ تمہِ وِژنس زٕ ڈبل تہٕ واپسی پٔتھ ژاووتہٕ أکِس لوٚکٹِس ہوٹلس منٛز۔ چایہِ ہُند آڈر دِتھ بیوٚٹھ پتھر تہٕ آو کتھ تام سٕرنس خیالس منٛز ہیٚنہٕ۔ اَکھ عجیب تہٕ ویکھُت خیال اوس أمِس تِتھے گٔنی دِمباغس دِگہٕ دِوان تہٕ تتھ گٔنی ٹھوٗلہِ أندریم پوٚت نمبر نیرنہٕ باپتھ ٹھوٗلس دِگہٕ دِوان چھُ۔ رَاسکولنکاف آو پٔرِ پأٹھی امہِ خیالکِس زالس ولنہٕ۔

ہوٹلس منٛز اوس رَاسکولنکافس نکھے دوٚیمس میزس پٔتھ أکِس پُلسہٕ افسرس ستی اَکھ ژالہِ شُر بہتھ یَس نہٕ رَاسکولنکاف بلکلے زنانہِ ہے تہٕ نہ اوُسن زانٛہہ وُچھمُت تہٕ۔ تم أسی بلیأرڈ کھیل ٕگندتھ آمتی تہٕ ووٚنی أسی چاے چینہِ ہوٹلس منٛز ژامتی۔ رَاسکولنکافس گوٚو کنہِ زِ یہِ طألب علم اوس پُلسہٕ افسرس ستی رہنس پٔتھ قرضہٕ دِنہٕ واجنہٕ بُجہِ متعلقے کتھہ کران تہٕ اکھُتے دِتُن افسرس بُجہِ ہُند ناو پتاہ تہٕ۔ یتہٕ باسیو رَاسکولنکافس تعجُبے زِ یَس بُجہِ نِشہِ سہٕ وُنہِ یوانے اوس تسی متعلق آسہٕ کتھہ کرنہٕ یوان۔ یہِ اوس محض اَکھ اِتفاق مگر رَاسکولنکافس پیو امیک سٕرٛ ون اثر سہٕ لوٚگ امہِ نِشہِ پننہِ منہٕ مُطأبق مطلب کڈنہٕ۔ تمِس باسیوٚس تام چھُ تہندی موٚکھہ بُجہِ نِسبتھ واریاہن کتھن ہنٛز وضاحت کران۔ ژالہِ شُر اوس پننس یارس بُجہِ متعلق یتھہ پأٹھی ونان ”سو چھے سبٹھے عظیم تہٕ پونسہٕ واجنن بڈ۔ ژہیکھ گنہٕ تہٕ وِزِ تس نِشہِ قرضہٕ أنتھ۔ سو ہیکہِ اکی وقتہٕ پانژہ ساس روٗبل تہٕ دِتھ۔ مگر مرضہٕ چھس یہٕ زِ سہٕ چیز چھے نہٕ بندرٹان یُس اَکھ روبل کم لوِ۔ میانین اکثر سأتھین چھُ تس سِتی لین دین۔ ووٚنگو یتہٕ وَنے بُڈ ٹنڈم چھے سبٹھا کالہ داس تہٕ شیطان...... کتھہ چھے زأ وجہِ زأ وجہِ تہٕ زِ ٹھرأوتھ کران......“۔

یتہٕ اوُسس یتہِ ونان زِ بُڈ چھے یوٗہ کینہٕ ورتہٕ بے پڑھ زِ اگرے سوٗ دھورنس

مٔنز اکیٚ دوٚہہ زیادٕ لگی پتہٕ چھےٚ نہٕ۔ گر وتھاونہٕ آمتہٕ چیزٕ ک بُتھےٚ وُچھن۔ یِتھ زندیق چھےٚ زِ اَکھ پھےٚ چیزس فقط ژوٗرِم حصہٕ قیمت دِوان تہٕ بێیہٕ چھےٚ ریٚتوار ہتہٕ پانژھ یا ستھ روبل حِسابہٕ سۄ دہیٚوان۔ مزید اوسُس یتہٕ ونان زِ بجہٕ چھےٚ اَکھ لوٗ کٹ ببنہٕ لِنز واتایس سو بدبخت پڑٕ مٔنزی مٔنزی شلکھ دِی دِی چھوکہٕ لد کران چھےٚ تہٕ شُری سٔندی پاٹھی چھبس نظرِ روزان حالانکہٕ لِنز واتا چھےٚ بالغ بێیہٕ آسہٕ فُٹہٕ شےٚ مرٕتھز۔

''ویسے پچھے وُچھنی لایکھ'' ژاٹہٕ شُری وو ۂنس اَسان اَسان۔ ووٗنی لاجہٕ تھو لِنز واتا ہس نِسبتھ کتھ کرنہٕ۔ ژاٹہٕ شُراوسُس اَسان اَسان تس متعلق مزٕ دار کتھ ونان تہٕ افسرتہٕ اوس وأنجہٕ ہندبو کنو بوزان تہٕ تہنٛدِ دِماغہٕ کس تہہ خانس پٹھ ہیٚون لِنز واتا جلوٕ گر سپدٕنی تہٕ وو ۂنس گُنہٕ ساتہٕ سو پلون ہُنٛد مرمت بیترٕ کرنہٕ موٚکھ سوزنہٕ باپتھ۔ رَاسکولنکاف تہٕ اوس پزتھ کانٛہہ کتھ کن دأرِتھ بوزان تہٕ تس تہٕ سپد لِنز واتا ہس نِسبتھ سورٕے کینٛہہ معلوٗم۔ لِنز واتا اُس بجہٕ کنس بێنہٕ۔ مالہٕ آسہٕ گُنے مگر ماجہٕ بێون۔ پانژترٕہ وٕرِش یہٕ کورِہن اُسی راتس دوہس کأم گرِی گرِی پانس رنٛدٕ والان۔ پنٕنہٕ گرچہٕ کامہٕ علاوٕ اُس اَکس بێیہٕ سُندٕ گرٕ دوٚہہ موٚزوٗرِ پٹھ دلیہ تون کرنہٕ گژھان۔ کأنسہٕ اُس زٕنتھ پاکوتھ دِوان۔ تہٕ گُنہٕ پلو چھلان چھوٚکان۔ تہٕ یتھٕ پاٹھی یہٕ کینٛژھا زینان اُس تہٕ سورٕے اُس پایہٕ پایہٕ بجہٕ ببنہٕ حوالہٕ کران۔ یِتھ کھوژٕ بڑ اُس زِ پنٕنہٕ بێنہٕ ہٕنٛدِ اجازتہٕ ورإٔے ہێیہٕ ہے نہٕ کانٛہہ کأم مٔٹہٕ۔ حالانکہٕ یہٕ زن لِنز واتا ہس تہٕ معلوٗم اوس بجہٕ اُس گوڈے وصیت کٔرِتھ تھأوِمٕژ زِ تہنٛز سأری جمأیتھ تہٕ جاداد گژھِ تہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ ''ن'' صوبکہٕ گُنہٕ خانقاہکہٕ ناوٕ روزُن یتھ زِ تہنٛدِ مغفرتہٕ خاطرٕ دُعا کرنہٕ یِیہٕ تہٕ لِنز واتایہٕ لارِہے نہٕ اتہٕ کینٛژھ وساماںہٕ کھنجو ورإٔے۔ کہنٛی تہٕ مگر تہٕ زأنتھ تہٕ اُس سو سودگاوِ ہٕنٛدی پأٹھی دود دِوان۔ لِنز واتا اُس بجہٕ ببنہٕ ہٕندِ کھوٚتہٕ کم ملیہٕ تہٕ وُنہ انہٕ ہرشی۔ شکلہٕ کٔنی اُس بےٚ ڈول تہٕ قدٕ کٔنی تھزٕ گز گتی۔ زنگہٕ آسس زِ تچھِ مگر کھوٚر زٕ پٹھ زٕ پتھ...... باسان اوس

کھوٗرن ہٕنٛدی پنجہٕ چھُس پھرِتھ۔ کھوٗر بانہٕ اُس ہمیشہٕ ژھاوٕلی بستہِ ہُنٛد لاگان وونگو نفاست پسند اُس حدٕ روس۔ سہٕ ژاٹہٕ شُر یوسہِ تعجبس لایکھ تہٕ حاٗرانی ہٕنٛز گتھ ونان اوس اُس یہِ زِتس اُس لِنٛر واتاپرٛتھ وِزِ گوٚبہِ کھوٗر باسان۔

"مگر ژٕ ہے چھُک ونان سوچھےٚ بےٚ ڈول" ......افسر وٚوُتھُس "آیہٕ تےٚ اوتنہٕ۔ بلکہِ چھےٚ ژٕنہٕ ہانگر ہش کرہن کاٗبڑ۔ اما اُچھ چھُبس سبٹھٕہے خوٗبصوٗرت تہٕ پُرکشش۔ پوٗز اگر بوز کھ واریا ہن لوٗکن چھُ تمہِ دِل نیوٗمت۔ بچاٗرتہٕ ژاہ شریف طبیعت تہٕ نیک چھےٚ زِ کم کم صدمہٕ چھےٚ اَسان اَسان وبتر اوان تہٕ بیٚیہِ چھےٚ پرٛتھ وِزِ اَکھ نتہٕ بیا کھ کاٗم کران آسان۔ اَسہٕ وِنہٕ ہونجہِ چھےٚ زنتہٕ دلے کوٗرِتھ نوان"۔

"باسان چھُم ژٕ ے چھے پانس تہ سوٹارِ کھٕرٛ ہش"۔ افسرن ووٗنُس اَسان اَسان۔

"آ...... یہٕ ژٕ ونکھ بےٚ ڈول آسنہٕ سببہٕ کیاہ چھُنہٕ مےٚ تُسنٛد سر یہہ۔ نہ ترٛ ہ کتھ چھےٚ نہٕ کیاہ زِ سو چھےٚ مظلوٗم۔ اگر مےٚ چلہِ ہے بوٚ کرِ ہن بُڈ ٹنڈم قتل تہٕ ساٗرِ ے دولت لنہٕ ہاوٕ تِتھ۔ پزر چھُے مےٚ تہِ کرِ نہٕ اَتھ پٹھ ضمیر کُنہِ قسمچ ملامت۔ لِنٛر واتاتہِ گرٛ ھہے تس ٹاٹھ نشہِ آزاد۔ طالب علمن ووٗن جوشہٕ سان۔ افسرن ترووٗ اُسن امارَ اسکوٗلن کا فس ژٕج کھوٗرو تلہٕ میوٗ نیرِ تھ تہٕ تس وٗژھ کھوٗر بنٹہٕ پیٹھ تالہِ تام تھٕر تھٕر کیاز یہِ اوس پزی تعجُب مقام۔

"بوز سانخولہٕ ورٛ اَے پرٛژھے بہٕ ژٕ ے اَکھ کتھا" طالب علمن ووٗنُس وُنیُستام اوسَسے بہٕ جتہٕ کران مگر ژٕ وُچھا اکہِ طرفہٕ چھےٚ بدباطن، احمق، بوٚ غصہٕ بُرٛژ بکار سرانہٕ پچہِ کھاٗرنی لایکھ بیمار، سوسمار، پڈ ایوسہٕ زِ پوٗنسہٕ تہِ لِونہٕ تہٕ بیٚیہِ لیس نہٕ زندگی ہُنٛد کانْہہ مقصدٕے بروٚنٛہہ کنہِ چھُ قبر چھُبس اُس وہراُوِتھ ازیا پگاہ وٹہِ ضروٗر اُچھی۔ تو رہہ یہِ فکرِ بہٕ کیاہ چھُس ونان؟

"بالکل ...... بالکل" افسرن ووٗن پنٛنین جذبن ہٕنٛز گتہِ منٛز ہینہٕ اَمتس ساتھی لیس۔

"گوٚ ٹھیک" ژاٹہٕ شُری تھووکلامہٕ جاٗری" تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ گرٛ تزرٛ وٗسی نوجوان

مدتہٕ خاطرٕ کریشان۔ پرٛتھ حالہٕ پشیمان، بےٚ یار و مددگار۔ ساسہٕ واد کامہٕ ہیکن بچہٕ ہُنٛزٕ تمہٕ دولتہٕ ستی اتھٕ راوِنہٕ یتھی یوسہٕ اکہٕ خانقاہچہٕ چاردیوا ریہٕ منٛتھنہٕ پییہ۔ اَمکہٕ مدتہٕ ستی ہیکن ہتہٕ واد بلکہٕ ساسہٕ واد زندگیہٕ رتھ کھٔسِتھ۔ درجن واد خاندان ہیکن افلاسچہٕ برٛبأدی، بدکأری تہٕ بیمار بن ہُنٛدٕ زدِ نشہٕ محفوٗظ تھاونہٕ یتھ۔ امہٕ خأطرٕ چھُ فقط تہٕ فقط بچہٕ ہُنٛد پونسہٕ کأفی تہٕ میون صلاح چھےٚ کرُن سو بُڈ قتل تہٕ تِہنٛدِ پونسہٕ ستی کر انسانی تیٚج خدمت یہ چھ میانہٕ خیالہٕ کارِ ثواب۔ کیاہ خیال چھےٚ؟ چأنی کِنہ ہیکیا اکھ معموٗلی جُرم ساسہٕ وادٕ ژ کامہٕ کرنہٕ ستی نکھ وٚسِتھ؟ أکِ سٔنٛزٕ زندگی اَنٛد واتنہٕ ستی ہیکن ساسہٕ واد لوٗکن ہُنٛزٕ زندگیہٕ کوٚژھ ہیٚنہٕ دِنہٕ تہٕ ذِلتکہٕ لعنتہٕ نِشہٕ بچاونہٕ یتھ۔ أکِس لاشہٕ بدلہٕ ہتہٕ واد خوشہٕ وِنہٕ زندگیہ...... واہ واہ کوٗتاہ نفع بخش سودا چھُ یہ۔ یہ چھُ سیوٚد حساب ہیٚیہٕ تہٕ تس مرنہٕ دادِ دوٚر پمژ ظالم بدطینت بچہٕ ہُنٛزٕ زندگیہ ہُنٛد کُس مول چھُ...... کہنٛی نہٕ...... کہنٛی نہٕ......

أکِس تس زوٗ وِ ہُنٛد اوتاتنہٕ یوسہٕ مس کِلفہٕ پیٹھ کھٔژمژ آسہٕ۔ کیازِ بد چھےٚ آزار وآتناوان...... سو چھےٚ دوٚیمین ہُنٛدی گرِ وأرِلتھ خزانہٕ سوٚمبران۔ سو چھےٚ وحشی۔ یوٚ یوے بژ یکہٕ ناٗون شرارتہٕ وِزِ لِزواتاہن او نٕج دندن تل۔ تس کیاہ آسہٕ تمہٕ وِنہٕ گدٕ ریوٗمت۔ کہی تام کہی تام چھبس او نٕج بجےٕمژ"۔

"بےٚ شک...... بےٚ شک چھنہٕ تس زندٕ روزنک کانٛہہ حق" افسر صأبن دِژ پنٛنہٕ رائے "مگر اَی تہٕ چھُ معاملہٕ...... أتھی چھِ نیچر ونان"۔

"او...... بایا تہٕ چھُ ٹھیک...... مگر اَسہٕ تہٕ چھُ نیچرچہٕ غلطیہٕ دوٗر کرنس تہٕ نیچرٕ ڈنجہٕ رٛتنس منٛز دَخل۔ اما پوٗز اسی چھِ نکھ موٗران کیازِ نیچرس ستی لڑٕ کرنک چھنہٕ کانٛہہ اَکھا جُرعت گرِتھ ہیکان تہٕ تِھس موقعس پیٹھ چھِ فرض تہٕ ضمیرچہ کتھٕ کران...... یہٕ چھُس نہٕ فرض تہٕ ضمیرس خلاف کینٛہہ ونُن یژھان...... مگر سوال چھُ فرض تہٕ ضمیرٕ دٕپتھ کیا چھُ سون مطلب؟ ہیٚیہٕ تہٕ ونُم أکِس سوالس جواب"۔

''نہ ساووٚنی کرِ ژٕ صبر ......مےٚ پِھُے ژےٚ أکھ سوال پرژھُن''

''پرژھ سا......شوقہٕ سان''

''ژٕ چھکھ نایمہٕ کتھِ کران مگر مےٚ ونتم ژٕ ہیکہٕ ہنابڈ پانہٕ قتل کٔرِتھ۔

''نہ بالکل نہٕ......بہٕ اوٚسُس فقط ونان زِ سو مارٕنی چھُ ثواب۔ تہٕ پنٕنہٕ کتھِ ہنٛز دِژٕم صحیح دلیل۔ نتہٕ کیاہ چھُ مےٚ......''

''بوزسا یارٕ میانیا......ییلہِ نہٕ ژٕ پانہٕ ہیٚکھ تہٕ کٔرِتھ۔ تیلہِ چھُے نہٕ ژےٚ کہنٛی حق واتان یمہٕ دلیلہٕ کرُنک......ژھُنُس بلاے......ووٚتھ أسی گندو دوٚیم گیم''۔

رَاسکولنکاف زن آو یمو کتھو ستۍ دٔنراونہٕ۔ أتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ نو جوان یہٕ کینژھا ونان اوس تہٕ سوٗرے اوس تہنٛزِ جوأنی ہُنٛد جوش۔ تہٕ وُتفکی خیال بیٚیہٕ زنتہٕ وُنیستام رَاسکولنکافن یہُے مسلہٕ مختلف طریقو مختلف وقتن پیٚٹھ بوٗزمُت اوس مگر تشوٚیشچ گتھ أس زِ وُنکیس کیازِ سپُدتس یمہٕ کتھِ بوزنک اِتفاق ییلہِ زن تسنٛد دِماغ تہٕ یہے گتھ سونچان اوس تہٕ بجہٕ نشہٕ پنہٕ پتہٕ ییلہِ وُنہٕ یہٕ خیال تہنٛدس دِماغس منٛز ایٚنے لبان اوس کیازِ سپُد بجہٕ متعلق مدلل بحث؟ یتھی اتفاق أسی رَاسکولنکافس ہمیشہٕ حأرتس تراوان۔ لمہِ بےٚ کار بحثک پیٚو رَاسکولنکافس تیٚوٗت سرٛ ون تہٕ شدید اثر زِ پتہٕ یوسہٕ حرکت تِسنٛدی دٔسی سرزد سپز سو زن أس اِملکۍ دیُت تہٕ یمِنے ہدایتن مُطابِق......''

کھُر چہٕ بازرٕ پیٹھٕ واپس ڈیرس پیٹھ وأتہٕ وُنۍ دیُت رَاسکولنکافن صوفس پیٹھ پان دأرِتھ تہٕ پوٚرٕ أرکس گنٹس روٗ دزٕنی موٚنڈھیوٗ أکیے جایہٕ۔ أتھی دوران ہیٚوٚنی لنہِ گٹہٕ گوٚ ھنی۔ تس أس نہٕ شمع زٕژھ تہٕ موجوٗد بیٚیہٕ سہٕ اوس تژھ بےٚ خیاۍلی منٛز ہیٚنہٕ آمُت زِ شمع زالنس گن گوٚ ونہٕ توٚہنٛد دیانےٚ۔ تس اوسنہٕ یۄت تہٕ حبس زِ سہٕ پاوِہے یاد اما امہٕ وِزِ ما اوس گنہِ معاملس پیٹھ کینٛہہ سونچُن۔ کینٛہہ کال گژھِت باسیوس پٔتمی پأٹھی بیٚیہٕ زوردار تہٕ تھرتھر۔ زنگن وآش کڈِتھ دِژٕن دٔچھن ئرشاندتہٕ أچھ پیٹھ أچھ گژھنس ستی پیٚس

گوٚب ِننٛدٕر مگر تس أس شوٗنگتھ تہٕ سپنس أری کشی سپدان ۔ تس پێیہِ ژیر تام ننٛدر ۔ از وُچھ نہٕ تمۍ کانٛہہ خواب ۔ دۄیمہِ دوہہ ژاپہِ نستاسیہ صبحٕچ داہ بجے تہنٛدِس کمرس منٛز ییمہِ سٕہ بانٛبرٕ بانٛبرٕ بێدار کوٚر ۔ تمہِ أسنس چاے تہٕ ژوٚٹ أنمٕژ ۔ چاے أسس تمہِ پنٕنہِ چاپہِ دلنہِ منٛز دُبارٕ گربکٕہ نأوِتھ أنمٕژ ۔

''توبہ......توبہٕ......وُچھ شوٗنگنٕک کیاہ طریقہٕ چھُ أمِس'' ۔ نستاسیہ أس زورٕ زورٕ ونان ''ییٚلہِ تہِ وُچھان چھبسن یہِ چھُ خوفتہٕ آسان'' رَاسکولنکاف گوٚو بمشکلی بێدار ۔ کلس اوٚسُس گوٚبر ۔ کمرس منٛز کینٛہہ قدم پکٕھتے دیُت تمۍ بێیہِ صوفس پٹھ پان دأرِتھ تہٕ أچھ بند کٔرِتھ کٔرن دوٚہیوا تھوکلس چیرٕ تھپ''

ییٚلہِ سٕہ دوبارٕ شوٗنگ نستاسیہ لٕجس پرژھنہِ ''ہے ژٕ ے چھے ساخأری...... بێیہ کیازِ شوٗنگکھ ۔ بمار ما چھکھ''؟

رَاسکولنکافن ووٚہنس نہٕ درجواب کہنٛہ ۔

''چاے ما سا چٕکھ؟''

''چیمہٕ مگر پتہٕ پہن'' ......بڑٕ کوٗشِشِ کٔرِتھ ووٚتھُس سٕہ درجواب تہٕ أچھ ستی کربن أچھ بێیہِ بنٛد تہٕ کوٚرُن لبہِ کُن بُتھ ۔

''بمارٕ ے چھُ شاید! تمہِ ووٚن تہٕ دژاپہِ کمرٕ منٛزٕ نبر ۔ دوٚیہ بجہِ ہیوٚ آیہِ سو دُبارٕ شوربہٕ ہێتھ ۔ رَاسکولنکاف اوٚس بروٚنہے پأٹھی شوٗنگتھ ۔ تمۍ اوسنہٕ چاپہِ اتھ تہٕ لوگمت ۔ نستاسیہ گیہِ سخ موٚیوٗس تہٕ ہیوٚتُن رَاسکولنکاف لُنہٕ ناوٗن ۔

''ہے ژٕ کیاسہہ چھک زِنی موٚنڈاہیوٚ بیوٗمت ۔ ژٕ کونسہٕ چھک ووٚتھان'' تمہِ دوو ہٕنس ڈٕبکس درٕہ کھأٹلتھ ۔

سٕہ ووٚتھ تھوٚد تہٕ أچھ بوٚن کُن ترأوِتھ بیوٚٹھ پتہٕ نستاسیہس ستی کانٛہہ گتھ کرنہٕ ورأے ۔

''ژِ چھُکھ سا بیمار رِکنہٕ''...... نستا سِہن پرژھنس دوبارٕ اما جواب ندارد۔ ''ژےٚ اوسُے بہتر نبر گژھن چکرا کرُن تہٕ تازٕ ہواچیوٚن'' رژھ کھنجہ پتہٕ وٕژھس سو'' کینٛہہ کھینس چنبس چھیہِ مأل رِکنہٕ نہ؟''

''ۄنہ نہٕ کینٛہہ'' نحیف آوازِ منز ووٚنس ''گرٛھیوٚنیر یوٚتھیٚ'' تہٕ کلہٕ سیتۍ تہٕ دیتنس نیرنک اشارٕ۔

سورٕ زیٖنیہِ پیوٚنت کھنڈٕ اَتی اِستادٕ تہٕ ووٚش ترٛأوِتھ دژ ایہِ لوٚت پأٹھۍ نبر۔

کینٛہہ مِنٹ گژھتھ تجہِ تمۍ اَچھ تھوٚ دتہٕ چایہِ تہٕ شوٚربس گن واریاہس وقتس نظرا گرِتھ تجنِ ژوٚٹ تہٕ چمچہٕ اَتھس کیٚتھ تہٕ لوٚگ پیوٚنتا پیوٚنتا کھینہٕ۔

تمۍ کھیٚیہ ترٛپیٚ ژور چمچہٕ بےٚ مأل پأٹھۍ۔ ووٚنۍ اَسس کلہٕ دأدِس تہِ فرق۔ کم زیادٕ کوج کرنہٕ پتہٕ دِژ تمۍ ہٕیہِ صوفس پیٹھ ڈاف دأرِتھ پوٚ زنہندر آیس نہٕ وونگوتوتہِ روٚد سہٕ دُبہٕ دراز دِتھ شانہٕ گنڈس منز تھوٚن بتھ ژورِ۔ تمۍ ہیٚتۍ دُہلۍ خاب وُچھن۔ اَکی خابن کوٚرسہٕ زیادے پریشان کیازِ یہِ خاب وُچھ تمۍ پھرۍ پھرۍ۔ تمۍ وُچھ زنتہٕ سہٕ ۄنۍ کبس افریقہس منز۔ اَتی زنتہٕ مِصرِ رِکس گنہِ نخلستانس اند راوس۔ کاروان اوس تم دِتھ۔ ووٚنٹ اَسی آرامس اند رہتھ کاروان اوس خضرِ گُلبن ہنٛدس منزِلس منز۔ کاروانس اند رشأمِل لوٚکھ اَسی کھیٚن کھیٚوانِ مگر سہٕ اوس پانہٕ اکہِ ناگہٕ منز یُس نکھےٚ اوس ترٛیش چوان۔ ناگک آب اوس سردتہٕ میوٚٹھ تہٕ نیٖل۔ ناگہٕ پوٚکھرِ ہنٛدِس بٕتھس آسہٕ رنگ برنگۍ گنہِ لاگتھ تہٕ جوٚےٚ اُس اکہِ انٛدٕ صاف سیٚکہِ پیٹھۍ نیران۔ بٕتھن پیٹھ آسہٕ سیٚکہِ زٕژ ووتھان زنتہٕ سوٚن چھکرِتھ اوس...... دفعتاً یوٚ زُن چوکہِ مینارچہ گرِ ہُند صدا تمۍ کڈ ووٚتھ ہوٚش بیٚد ارگوٚھتِ تجن گردن تھوٚد پہن تہٕ دارِ رِکن نظر دِتھ لوٚگ وکھ وُچھنہٕ۔ گنۍ ووٚنہٕ ووٚتھ صوفہٕ پیٹھٕ یوٚن زنتہٕ ہیٚتۍ لوٚکن ٹُلتھ نیوٚ۔ ٹینٛڈ بن پیٹھ پوٚک دروازس تام وارٕ وارٕ بر مُورِتھ دِژن نظر زوٚٹس منز ماچھٕ کانٛہہ یا ہیرن ماچھٕ کانٛہہ کھسان وسان۔ دِل اوسُس

دُب دُب کران۔ اماٗ ژُس منٛز یا ہیرن پیٹھ اوسنہٕ کانٛسہِ ہُند نیب نشانہٕ زنتہٕ سأری اُسی
مست ننٛد رِشونٛگتھ۔ تس گوٚو سِنٛح محسوٗس زِ وُنیستان اُس تمی اَکھ راتھ تہٕ اَکھ دوٚہ ننٛد رِمنٛز
گسو وُمت تہٕ وُنہِ اُسن نہٕ کُنہِ قسمچ تیأری گرمٕژ۔ شاید آسہِ شیٚنہٕ بجیمژ۔ تسنٛز مدہوشی،
غنوٗدگی تہٕ لاپرواٗیی گیہِ آناً فاناً بانبرِ منٛز تبدیل۔ تس کھوٚت بیٚیہِ سأرسے پانس جوش مگر
تمیک کانٛہہ وایہِ برنہٕ بغأر لوٗگ سہٕ تیأری کرنہٕ۔ تس اُس نہٕ زیادٕ تیأری کرٕنی۔ سہٕ
لوٗگ سونچنہٕ سمجنٛگ سوٗرے طاقت سوٚمبراٗوِتھ پنٕنہِ منصوبکس پرٕتھ معاملس پیٹھ وارٕ
سرنہِ سونچنہِ۔ وُنکیس اُوس نہٕ تس دیانہٕ ڈلنٛگ موقعہٕ۔ دِل اوسُس یتھ زورٕ زورٕ ووتھان
زِ شاہ کھالن والِن اوسُس مُشکل گژھان...... خأر گوڈٕ اوس تس ہٕتس شرٛوک تراونہٕ
خأطرٕ کانٛہہ چیز ستی تلن۔ یہِ اُس اکہِ منٛچ کأم۔ تمی کڈ شانٕد گنڈِ تلہٕ پلنٛگ اَکھ پرأنی
قمیض۔ ژھینٛمرٕ تہٕ مل بُرٕ ژ قمیض۔ اَتھی ژٕٹ تمی اَکھ رَند یسے آنچہٕ جوراہ گُھج تہٕ آنچہٕ شُراہ
مرٕ زٕ ہٹھ۔ مُرن دِتھ گرِن یہِ دوٚ گنٛڈ۔ پتہٕ کوٚڈُن نالہٕ سوٚتی کپرُک کھوٚل ریتہٕ کأتلی
اووَرکوٹ نبر (تَس اوس فقط یسے اَکھ اووَرکوٹ) تہٕ امکِس کھووِرِس پھیکِس ستی
تھاوُن اُند رِمہِ طرفہٕ دجہِ ڈورِ ہٕنٛدی دوٚ شوے اند ٹیبہٕ کڈِتھ بند۔ ٹیب کڈنہٕ وِز ژالیہِ
اُمِس اتھن تھرٕ مگر پتھ ہیوٚتُن نہٕ تہٕ یتھٕ گنی تھاوُنی بند زِ کوٹ لاگتھ اُس نہٕ یہِ رژھ تہٕ
باسان ئرٕشُن تہٕ پننہٕ داواُس تمی واریاہ کال برونٛہہ تیار تھاومٕژ تہٕ پتمیو کینٛژو دوہو پیٹھ
اُسی یم دوٚ شوے چیز کاغذورقس منٛز میزس پیٹھ۔ یوٚ تام امہِ شروٗک تراونک خیال چھُ
یہِ اوس تس پننہِ دِماغُک ایجاد۔ مکرٕ ستی تلنہٕ گنی تہٕ اُسُس اچھ ضرورتھ کیازِ سِرٕ عام مکرٕ
اَتھس کیٚتھ پکناوِنی اوسنہٕ ممکنے۔ ووٚنی اگر کوٹہٕ تلی تہٕ پکناوِسے اکہِ اتھہٕ ستی اوسُس اتھ
تھپ گرِتھ روزُن۔ یتھ پیٹھ کانٛہہ تہِ شک گرِتھ ہیکہِ ہے۔ ووٚنی اوس تس مکرٕ ہُند پھل
ڈورِ ہٕنٛدِس گرِس منٛز تراٗوِتھ مکرٕ پکناونک اصل آسے تہٕ کھووِرِ اند کِس چندس منٛز اتھہٕ
تھاوِتھ ہیکہِ ہے ووٚنی مکرٕ ہٕنٛدِس دٕنس تہِ گلنہِ کھینہٕ سببہٕ تھپ گرِتھ۔ یتھٕ پأٹھی اوسنہٕ

یتھ کھلہِ کوٹہِ تلٕی کانٛہہ چیز تھپ کٔرِتھ پکناونہٕ پنٛس متعلق کانٛسہِ شک گژھنُک سوال پے۔ یہِ کوٚر بناوَنچ ترکیب اُس تمۍ پنداہ دوہہ برونٛہہ بنأومٕژ۔

یہِ کأم مکمل کرنہٕ پتہٕ لوٚگ سہٕ صوفس تلہٕ کنہِ کیاہتام ژھارنہِ تہٕ رژھہِ کھنجہِ ژھأنڈِتھ کوڈُن بٕجہِ نشہِ۔ گروتھاونہٕ باپتھ ستی نیٚن کیٚت چیز یُس تمۍ برونٛہی تیار تھوومُت اوس یہِ اُس چانٛدِ ہنٛدس سگریٹ کیسس سوٚمب اَکھ پچہٕ کھٔنڈ۔ یوسہٕ تمۍ اکہِ دوٚہ وتہٕ پکان پکان اکہِ کارخانہٕ نِشہٕ تُجمٕژ اُس۔ اَتھ پتہٕ اُس تمۍ اَکھ زأوِج شیٖشہٕ تر کھنٛڈ لأگِتھ تھأومٕژ سوتہِ اُسن تمی وِزِ کارخانہٕ نِشی تُجمٕژ۔ اما شیٖشہٕ تر کھنٛڈ اُس نہٕ پچہِ کھنجہِ ہنٛدِ سائز برابر تہٕ رَاسکولنکافن اوس اتھ ژۄ پاسے پچہِ کھنجہِ ستی ڈٔری پأٹھی پَن وولمُت۔ تہٕ یہِ اوس بالکل اَکھ سگریٹ ڈبہٕ باسان۔ کاغذس منز ولنہٕ پتہٕ اوس تمۍ اَتھ تتھہٕ پأٹھی پن ڈٔلِتھ تھوومُت زِ وونی لگہِ ہے اتھ مُژراونس واریاہ وقت۔ یہِ سوٗرے اوس تمۍ اِوموکھہٕ کوٚرمُت یُتھ زِ تس بٕجہِ اتھ کھولنس واریاہ وقت لگہِ ہے تہٕ رَاسکولنکافس یییہِ ہے تیار سپدنس موقعہٕ۔ پچہِ کھنجہِ پتھ شیٖشہٕ تر کھنٛڈ مٔرِتھ تھاونہٕ ستی اوس رَاسکولنکافن امیک وزن ہُرومُت تاکہِ بٕجہِ گژھِ ہے نہٕ رٹان رٹانٕے امکہِ پچہِ کھنٛڈ آسنُک شک۔ بہر حال یہِ سوٗرے اوس تمۍ برونٛہی شوٗنچتھ سمجتھ تیار تھوومُت تہٕ وُنی کیٚس اوس تس یہِ صرف چنٛدس منز برُن۔ یُتھے تمۍ یہِ چیز چنٛدس منز برُن ہیوٚت آنگنہٕ منزٕ ووٚن خبرٕ کمۍ کرٕکھ دِتھ۔

"ہے شیٚنہٕ ہسا بٕجے یہِ اُدی"۔

"ہاں اُدی بٕجے یا...... میانہِ خودایا"

رَاسکولنکاف دوٗر یوٚ دروازس کُن تہٕ بوٚن کُن شاہ پتاہیٚنہٕ پتہٕ تُجن ہیٚٹ اَتھس کیٚتھ تہٕ لوٚگ ٹٕراوہن ہیر پاوٚن لوٚت لوٚت برارِ ہنٛدی پأٹھی وسنہٕ۔ وُنہ اُس تس اَکھ اہم کأم باقٕے...... دانہٕ گُٹھِ منزٕ مکٕژ کڈٕنی۔ تکیازِ سو کأم اُس تس مکٕژہ ستی کرٕنی یہِ زن تمۍ گوڈے سوٗنچمت اوس۔ تس اوس چنٛدس منز اَکھ بوٚڈ شراپھُچ تہٕ آسان مگر اَتھ پتھ اوسنہٕ

تس بوٚ روسہٕ تِکیاز سہٕ اوس گوٚڈے بزدِل تہٕ چھُ بنان امی وِزِ مادیہ ہس پٔژن بٔتر جواب تہٕ پھسِہا تاوٕنس۔ اِو سببہٕ اوس تمی مکٕژ تُلنی مُناسب زونمت یِمکہٕ اکی دبہ سہٕ پٔننی کاٗم أنژراٗوِتھ ہیکہِ ہے۔ اگرچہِ راسکولنکاف پٔننی ترکیب سبٹھے ہوشیاری تہٕ احتیاطہٕ سان عملہِ منٛز انہٕ خاطرٕ اَتھ اٚخری شکل دِوان اوس مگر تکٔرِتھ چھُ پزرتہٕ یہ کتھ وٕنی لایکھ زِتس اوس یہ سورُے فضوٗل باسان۔ سو کاٗم کرنہٕ باپتھ یوٚتاہ سہٕ اندروٗنی کشمکشہِ منٛز مُبتلا اوس تیوٚتا اوس تس پٔننس منصوبس پٹھ عمل کرنک یقین کم۔ بیٚیہ چھتہِ یہ تتھے معاملہٕ زِ اگرے پزٕتھ کانہہ قدم مینٛز مینٛز تہٕ تولی تولی تُلنہٕ یِیہِ تو پتہ تہٕ چھُ گنہٕ نتہٕ گنہٕ غفلت گژھنک اندیشہٕ روزان تہٕ بیٛژ اووکھ کاٗم لنٛدنی ناممکن باسان۔ تکٔرِتھ آسہٕ تس واریا کامہِ بلکہِ اہم کامہِ کرنہِ وٗنہِ باقے۔ مثلن پٔننس منٛزلس گن نیرن وِزِ تام اوس تس مکٕژ حاصل کرٕنی لوٚکٹ کاٗم باسان۔ تکیاز سہٕ اوس سونچان زِ نستاسیہ چھےٚ شامکہِ وقتہٕ اکثر دانہٕ کُٹھ یلے تھاوِتھ گرِ نبر ہمسایَن ہُند یا بازرگاہ منٛز آسان۔ یتھ پٹھ تس مکانہٕ مالکینٛز تہِ بیٛزار اُس تہٕ بار باررٔ ڈان اُس۔ سہٕ اوس پزٕتھ وِزِ سونچان زِ حاجتہٕ وِزِلوٗت پاٗٹھی مکٕژ کڈِتھ گیہِ اکہِ گھنٹہٕ پتہٕ یِیلہِ "کاٗم" مکمل سپدِ مکٕژ بےٚ شوٗنکی پاٗٹھی بیٚیہ پننہٕ جایہ تھاوٕنی۔ مگر ووٗنی اوس ووتلان تہٕ بوٚ ڈان۔ سونچان اوس زِ اگرُے تتہِ اَکھ گنٹہٕ ژیرلوٗگ تہٕ یپاٗری نستاسیہ تتھ دوران آیہ تیلہِ؟ تیلہِ چھُ پتہٕ مکٕژ واپس گٹھس منٛز تراونہٕ باپتھ تو تام پرارُن یوٚ تام سو بیٚیہ گن نیرِ۔ یا بنان چھُ تمہِ زَن وُچھی اوٚ تام مکٕژ پننہٕ جایہ ڈٔجمٕژ۔ تیلہِ؟ یِیلہِ نہٕ سو مکٕژ وُچھی......سو تُلہِ شور تہٕ نتیجہ نیرِ شک شُبہات پٔین تھنہٕ یا کم از کم شک کرنٕچ گنجاٗیش تہٕ ہیکہ پاٗدٕ سپدِتھ۔

وٗنیُستام اوس راسکولنکاف فقط بجن تہٕ اہم کتھن متعلق سونچان تہٕ یوٚژھن لوکچین لوکچین کتھن اوسنہٕ درخیالے انان یِمہٕ آسن وقتس پٹھ تراوِہ منٛز یِیلہِ سہٕ منصوبس پٹھ کاٗم کرنہٕ خاطرٕ تیار سپدِ ہے تہٕ یہ اوسنہٕ تس گمانے اَکھ دوٚہہ ولتہٕ یتھ تہٕ زِ سونچن

أکِس کُن ترأوِتھ کیاہ نیرِ سہٕ اُتھ کامہِ پٹھ تورکُن عمل کرنہٕ...... حالانکہِ توٚ ہند پٔتم ریہر سل (یعنی ییٚلہِ سہٕ ہوانواوُچھنہِ بجہِ ہٕنٛدِس فلیٹس پیٹھ گوٚیو) اوس محض تجربہٕ کرنٕچ اُکھ کوٗشش تہٕ اصل مقصد نشہِ گرٕہ واددوٗر رٹنہٕ پأٹھی کانٛہہ کأم کرنُک اِمکان وُچھنہٕ وِزِ کینٛہہ لوٗکھ چھِ ونان وولہِ سادِ مونظرا۔ آزمأیشا کرو...... ٹھی کیاچھُ خیأل پلاوتیار کرُن۔ تمہِ وِزِاوس واپسی پیٹھ فی الفور تہنٛدِس دِلس تلکھ پیٹھ گوٗمُت تہٕ پأنٛی پانس وأہی تبأہی کران کران کوٗٹُن ڈیرس پیٹھ تھک۔ تہٕ یوٚ تام ضمیرُک یاڈٕپی تو اخلاق تہٕ انسأنیتُک سوال چھُ سہٕ سپد یو پأنٛی پانے پوٚر۔ تہٕ تسُنٛد ضمیر اوسنہٕ کُنہِ حالس منٛز مُطمین گژھان سو کأم کرنس پیٹھ کیازِ تمہِ کِس پسِ منظرس منٛز اُس نہٕ کانٛہہ ٹھوس دلیلا۔ اما پوٚزتس روٗدِ پأنٛی پانس پیٹھ اعتبار۔ تہٕ تہنٛد دِل زنتہٕ بےٚ پَے وہمن ژأپتھ ترٛ وو۔ سہٕ روٗ دلاچأری ہٕنٛدِس عالمس منٛز ژوٗ پاسے مدد تلاش کران ییٚمہِ کِنٛی تمہِ غبی طاقتُک مقابلہٕ کرِ ہے یُس تس تتھ کامہِ کُن کل کڈان اوس۔ مگر...... مگراز اوس تس خبرکُس طاقت زنتہٕ اتھس تھپ کرِتھ پکناوان تہٕ سو کأم وٕلی وٕلی پایہِ تکمیلس وآتناونہٕ باپتھ اُکساوان۔

گوڑ گوڑ...... واریاہ کال برونٹھ...... اوس تس ذیہنس پیٹھ یہِ سوال سخ سوار گوٗمُت زِ تمام جُرم کیازِ چھِ حتی الامکان کوٗشش کرِتھ ژور رِتھاونہٕ یوان مگر پتہٕ کیازِ چھِ یم سبٹھے سہل پأٹھی نٔنی نیران۔ تہٕ سأری مُجرم کیازِ چھِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ تیٚتھ نشان پتھ کُن تراوان ییٚمہِ کِنٛی تم زالس ولنہٕ یوان چھِ...... سبٹھاہ سرنہٕ سونچنہٕ پتہٕ اوس سہٕ مختلف مگر عجیب نتیجس پیٹھ ووتمُت...... تہنٛز رائے اُس زِ یوٚ ڈوجہ چھنہٕ مجرمن ہٕنٛدِ نوٚن نیرنُک یہِ زِ جُرم ژوٗر رِتھاوُن کیاچھُ مُشکل یہِ زن تمام لوٗکن ہُنٛد خیال چھُ بلکہِ یہِ زِ مجرم چھُ بذاتِ خود خام آسان۔ تہٕ تہنٛد حوصلہٕ تہٕ تہنٛز عقل چھےٚ نہٕ پوٚختہٕ آسان ییٚمہِ کِنٛی تم جرم ژوٗرِ تھاونس منٛز شری لأزی تہٕ لاپروأہی کران چھِ ییٚلہِ زن تِتھس موقعس پیٹھ ترٛپتی تہٕ تارن گری منٛز تاک روزُن پیٚ۔ تسُنٛد اعتقاد اوس زِ پوٚختہٕ حوصلہٕ تہٕ مستقل مزاز نہٕ آسنہٕ

بِکنی چھِ أکِس مجرمس پیٹھ زنتہٕ أکھ موٗزی بِمأری حملہٕ کران تہٕ أنٛدرٕ أندری چھےٚ یہِ بِمأری وارٕ وارٕ کاڈ کڑان تہٕ یوٚ تام مجرمس جُرم کرنٕک وَکھ واتان چھُ بِمأری چھےٚ زور لبان تہٕ تس نال ولان۔ جرمُک مُرتکب سپدنہٕ پتہٕ چھُ مُجرم سُلہٕ یا ژیری امہِ بِمارِ ہٕندِ زدٕ نشہِ آزاد سپدان۔ بہرحال اکھ سوال اوسنہٕ رَاسکولنکافس پانس تہٕ فِکرِ تران سہٕ یہِ زِ اما یہے موٗزی بِمأری چھا جُرم کرنس پیٹھ اُکساوان کِنہٕ جرمٕچ کیفیت چھےٚ بِمارِ دار آسان۔ امیُک اوسنہٕ سہٕ قطعاً فأصلہٕ کرِتھ ہیٚکان۔

یِمن نتیجن تام واتنہٕ پتہٕ ہیٚژ تِمی پانس سام تہٕ پوختہٕ یقین اوسُس زِ پننس منصوبس پیٹھ عمل کرنہٕ وِزِ روزِ تہنز ہمت تہٕ دِماغی توازن قایم تہٕ کُنہِ قسمٕچ کانٛہہ غفلت گژھِ نہٕ سرزد۔ تِکیازِ تس اوسنہٕ پنُن یہِ منصوبہٕ "کانٛہہ جُرم باسان....." خأروونی دِموٗنہٕ أسی تتھ سأرسے دلیلہِ پھیر یِیمہِ کِنی سہٕ یہِ اُخری فأصلہٕ کرِتھ ہیوٚک۔ أسی چھِ ووٚنی وارِیاہ بروٚنہہ دژامتی ......صرف ونو یہِ کتھ زِ "تمہِ کامہِ" خأطرٕ لازمی اقدام أسی تس معموٗلی باسان تہٕ تمیُک توقع ہیکہٕ تسی نشہِ کرنہٕ یتھ یُس پننہٕ کامہِ ہٕندِس پرٛتھ لوکٹس بڈس پہلوہس پیٹھ گوڈے نظر تراوِ...... اما پوٚز پانہٕ أسن نہٕ کُنہِ قسمٕچ تیأری کرٕمٕژ تہٕ اُخری وقت واتنہٕ وِزِ کوٚرُن پرٛتھ کینٛہہ بانبرِ بانبرِ زنتہٕ ووٚنیس تام امیُک کانٛہہ خیالے اوسُس نہٕ تہٕ یہِ کأم ہنگہٕ منگے پیش آیس!

ہیرِ اوس وُنہِ وَسہٕ نے 'أکی لوٚکٕٹ مشکن کوٚرتھ ہٕنٛد بن سارنے اندازن تلگ پیٹھ۔ سہٕ یِیلہِ مکانہٕ مألی کِنہٕ ہٕندِس کچنس نشہِ ووت درواز اوس معموٗلہٕ مطأبق یلے تہٕ رَاسکولنکافن دِژ ژوٚ رژوٚ نظر زینہٕ نستاسیہ نبر نیرنہٕ پتہٕ کچنس منز پانہٕ مکانہٕ مٔلی کبن آسہِ تہٕ دوہیم کتھ أسِس یتہِ وُچھن زینہٕ مألی کینہِ ہٕندِس کمرس کُن کچنہٕ منزیم درواز یِیلہِ آسہِ تہٕ یتھ نہٕ سوتھی موقعس پیٹھ اندر اژِ یِیمہِ وِزِ سہٕ مکِژ کڈنہٕ کمرس منز اژِ۔ مگر تسنز حأرأنی ہُنٛد رۄدنہٕ کانٛہہ حد یِیلہِ تِم نستاسیہ نہٕ صرف گری وُچھ بلکہٕ أس أکس لوٚکرِ منز

پلوکڈان تہٕ رزِپٹھ ہوٚ کھناوِنی تراوان۔ تمہِ ترأوی پلوأتی تہٕ پھیرِی رَاسکولنکافس گُن تہٕ توٚ تام روٗزتس وُچھان یوٚ تام سہٕ کُچھنہٕ نِشہِ دوٗر یو۔ رَاسکولنکافن تراوِأچھ بوٚن گُن تہٕ تیتھ گُنہِ دژاوزنہٕ تہٕ کہنٛی وُچھُن نہٕ۔ مگر امہِ سِتی ووت توٚ ہنٛد سوٗرے پُلان اند۔ تس ہیچ نہٕ مکٕشِ بدٕس یتھ ییمہِ کُنہِ سہٕ وُٹھی پھیشنہٕ لوٚگ۔

"امامے کتھ سوٚنچ زِنستا سیہ آسہِ گرِ نبر" بڈِس دروازس نکھ وأتتھ لوٚگ سہٕ پأنی پانس پرژھنہِ۔ "تعجب چھُ...... ہٹہٕ مٹے مون مےٚ زِنسو آسنہٕ تمہِ وِزِ گرِ۔ مےٚ چھُنہٕ کہنٛی فکرِ تران۔ آخر کیازِ۔ کیازِ سوٚنچ مےٚ؟ تس اوس وُنی کٔبس زن وأنجہِ کھش گژھان۔ سخت شرارت اوُسس۔ تہٕ پأنی پانس اوس وأہی تباہی ونان...... تیتھے کُنہِ یتھ کُنی وُرِ داند خشمہِ وِزِ ہنگو ستی زمین ژٹنہِ بہان چھُ یہِ سونچنہٕ ورأے زِ ہیٚنگے ما پھٹنس۔ بڈِس دروازس نِشہِ وأتتھ اوسنہٕ تس کہنٛی فکرِ تران زِ ووٚنی کیا کرِ تہٕ کوٚت گژھِ۔ بازِ رنیرنگ چھُنہٕ ووٚنی کانٛہہ مقصد ے تہٕ واپس کمرس منٛز گژھُن چھُ تمہِ کھوتہٕ فضوٗل۔ "کُس موقعہِ گواتھ"۔ دروازس نِشہِ بےٚ مقصد اِستادٕ روٗزِتھ اوس سہٕ سونچان تہٕ دروازس نکھے اُس سنتری سِنٛز کوٹھری ییمیک درواز یلے اوس۔ رَاسکولنکاف لوٚگ پکنہِ تہٕ کوٹھرِ نِشہِ قدم جورا دوٗری ووٚتلے اچانک پأٹھی رَاسکولنکافس ٹأری۔ انہِ گٹہِ کوٹھرِ منٛز اوس بینچس تلہِ کُنہِ کیاہ تام زوتان...... رَاسکولنکاف لوٚگ سنترِس ژرِ ژنہِ ......اما شاید چھُنہٕ سہٕ اندر...... سہٕ ووت ووٚنی کوٹھرِ نزدیک تہٕ لوٚت لوٚتے دِتُن آلو "اندر کُس سا چھُو...... اندرٕ نَے چھُنہٕ پزی کانٛہہ مگر اَسُن گژھِ آنٛگنس منٛزٕ ے اورٕ یور کیازِ دروازٕ تھاوِ ہے نہٕ نتہٕ یلہٕ" رَاسکولنکافن سوٚنچ تہٕ پھیرِس تراوتھ ہش۔ کیازِ یہِ زوتہٕ وُن چیز اوس مکٕشِ یوسہٕ اُکس زِنی پھلہِ منٛز بنداُس۔ رَاسکولنکافن کڈٕ مکٕشِ تہٕ اورٕ یورٕ نظر دِتھ بُرن مکٕشِ فی الفور کوٹہٕ اندرِی رزہِ گُرِس منٛزِ یہِ زن گوڈے سوٚنچمت اوُسن۔ دوٚن طرفن ہٕنٛد بن چندن منٛز اتھ زِ ترأوِتھ دژاو گُنی ووٹہِ کوٹھرِ منٛز نبر۔ سہٕ وُچھنہٕ کانٛسہ

کوٹھرِ منز اژان یا نیران۔ رَاسکولنکاف اوس خوش ''یێلہِ تدبیر ناکام گژھان چھُ تقدیر چھُ کامہِ یوان'' سہٕ اوس عجیب شادمانی محسوٗس کران۔ اَمی سوٗہاری اِتفاقن دیُت تس سیٹھاہ حوصلہٕ۔

وتہِ پۆک سہٕ سیٹھاہ اطمینانہٕ سان تہٕ جلدی تہٕ بانبرِ ورأے یتھ زِ کانسہِ تہٕ قسمُک شک گژھہِ نہٕ۔ وتہِ پکہٕ وَنَن نِشہِ اوس سہٕ لوٚبہٕ ہیوان تہٕ کھوٚرِ ٹھنڈ بن پٹھ نظر تھاوِتھ اوس کوٗشش کران زِ کانسہِ ہُندِس بتھس پٹھ گژھس نہٕ نظر پێنٛی تاکہِ کانٛہہ ہیکہِ ہے نہٕ تس پرزٕناوِتھ اَتھی منز پێیو تمس الغایہٕ ژێتس زِ تس چھے تژھ ہیٹ کلس یوسہٕ دوٗرِ پرزناونہِ یِیہِ۔ ''تقصیر! وُچھتہٕ اوترأسم چندس پوٚنسہٕ تہٕ تہٕ توتہٕ ہێژم نہٕ کانٛہہ بدل ٹوٗپی مَلی یوسہٕ نہٕ وَنہِ کڈنہٕ یِیہِ ہے۔'' تس ہیوٚتُن امیک سخ تیلُن۔ پکان پکانے تراوٕ تمی اَکِس دُکانس پێٹھ تلی ٹاری نظر اتہِ وُچھ تمی دہِ منٹہٕ پێٹھی ستھ بجے مژ۔ ووٚنی اوس تس تیزِ پکُن تہٕ ستی اوسُس اَندی ہاری پکُن یتھ زِ بچہِ ہُندِس فلیٹس تام وَتھ ڈالِتھ واتہِ ہے۔

گوڈٕ گوڈٕ یێلہِ رَاسکولنکافس امیک خیال وۄتھ تمہِ وِزِ اوس سہٕ سونچان زِ یێلہِ تمہِ کامہِ ہُند وقت واتہِ شوٗٹھس اَژِتھ مگر......مگر ووٚنی کیٚبس اوسنہٕ تس خوف......رژھ تہٕ......سہٕ اوس وُنی کیٚبس پێنہِ منصوبکبن دوٗیمن غارمتعلق مسلن پێٹھ سونچان مگر تتہٕ روٗدنہٕ زیادلس کالس۔ یتھے تمی یوسیوسو پھرف باغ تروٗسہٕ لوٚگ سونچنہٕ زاگرے اتیتھ پھنوار بناونہٕ ین اتیتھ یِیہِ نوٚے سجاوٹ تہٕ پتہٕ یِیہِ اَندی پکی چہ بستی پێٹھ تمیک سیٹھاہ رُت اثر۔ وارِ وارِ ووتھ تس خیال زِ یوٚ دوٚے ریتہٕ کالی سأگاہ مارِ کنی گری ماُدانس تام بڑاونہٕ ین بلکہِ زوٗکبن باغن ستی رلاونہٕ ین یہ آسہِ ہے اَکھ عظیم تہٕ قصبہٕ خأطرِ سیٹھاہ فایدٕ منٛد کأم۔ پتہٕ اوس پأنی پانس یہ سوال پرژھان زِ کیاہ وجہ چھُ زِ بڈبن شہرن ہُندی لوٗکھ چھِ آرام دہ قصبہ تراوِتھ تژھن جاین منز بسنہٕ گژھان یێتہٕ تفریح گاہ یا پھنوارتہِ

آسان چھُنہٕ تہٕ یِیتہٕ گندگی' بدبوٗ تہٕ لڑھہٕ انبار آسان چھہِ۔ امہِ پتہٕ آوتس کھرچہِ بازرٕ چہ پئنہٕ آوارگردی ہُند تہٕ خیال ییمہٕ کنِی سہٕ رژھہِ کھنجہِ کتھہِ ہٕندِس ژٕ کس تام ووت "کیا بکواس افراسیابیٔ چھُس بہٕ سونچان۔ تس آو ہوش ہیوٚ "وُنی کبس پزٕ نہٕ دیان آوُرتھاوُن ......شاید چھِ لوٗکھ اوے کنِی کُنہِ کامہٕ پئٹھ نیرنہٕ وِزِ وتہٕ پکان تتھ پزٕتھ چیزس سزان تہٕ سنان یُس بُتھ ییکھ۔ وٕ زملہٕ ہٕنڈی پاٗٹھی آو یہٕ خیال تس تہٕ ستی موکلیوتہِ۔ کیازِ ووٗنی اوس سہٕ پنٕنِس مقامس پئٹھ ووتُمت ......"ہٕ گوٚو مکانہٕ تہٕ ......آ......ہٕ گوٚو گیٹ" دفعتاً دیُت کمہٕ تام ٹاورگرِ صدا۔ ہاںٔ ن......اوہ ساڑٕ ستھ بجے یا؟ یہِ چھُنہٕ صحیح!۔ دراصل گرٛ ھِ یہٕ گر بروٗنہہ آئنی"۔

قسمتن دِیتنس وُنی کبس تہٕ ساتھ۔ درواز پئٹھ رُکوونہٕ کانٔسہِ۔ اُتھی موقعس پئٹھ ژٕ آو اکھ گاسہٕ چھکرٕ درواز اندر ییمیک تس فایدے ووت۔ سہٕ رٕ دٕ اُتھی ٹرکہٕ ژھلیہِ ژھلیہِ پکان۔ تتھے چھکرٕ آنگنس منٛز ووت رٕ اسکولنکافن وِژٕ دٕ چھِن کُن ژھیٚنٛھ۔ چھکرٕ دُ ییمہِ طرفہٕ اوس کُربکہٕ نادگرٛ ھان۔ کم تام اُس پانہٕ وانٔی ژُوان۔ مگر سہٕ نہٕ وُچھی کانٔسہِ تہٕ نہٕ آس کانٛہہ بتھی۔ مکانچہِ واریاہ دارِ آسہٕ امہِ وِزِ یلے دارِ بن پئٹھ اُسی لوٗکھ آنگنس منٛز ہرکرن والین تماشہٕ وُچھان۔ مگر رٕ اسکولنکافن وِژٕ نہٕ ہیوٚرکُن نظر تہٕ نہ اوُسس امیک بٔر۔ بجہِ ہٕندِس فلیٹس کُن گرٛ ھن واجبن ہیر اُس ووٗنی نزدیکی مکانکہِ بڈ درواز اژوٗنے دٕ چھِن کنِی اتھ ہیر اوس سہٕ بروٗنہہ تہِ کھوٚتمُت۔

تس لوٚگ پھوٚ رزورٕ زورٕ ووٗتھنہِ۔ زیوٗٹھ شاہ ہتھ دیتٕن اتھٕ ستی کھوورٕ ببہٕ نِشہٕ سینٕس ژٕبل۔ مگر تھاوُن ییٖہٕ اکہٕ لٹہِ سیوٚد پاٗٹھی شیر تھ۔ پھریک ترٛ اٗوِتھ لوٚگ لوٚت لوٚت مگر بڈ احتیاطہٕ سان ہیر کھسنہِ۔ رژھہِ پتہٕ رژھہِ اوس ژرژان زِ پتہٕ بروٗنٹھ ماچھ کانٛہہ ییوان گوٚھان۔ مگر ہیرن پئٹھ اُس نہٕ وُنی کبس مُچھ تہِ۔ پزٕتھ کُنہِ سیٹک درواز اوس بند۔ امادوییمس پہرس پئٹھ اوس اکہٕ سیٹک درواز یلے یِیتہٕ رنگ سازکام کران اُسی۔ مگر

تموتہٕ وُچھ نہٕ۔ سہٕ ٹھہریوتوتہٕ منظاتہٕ کیاہتام سونچنہٕ پتہٕ لوگ ہیورکُن کھسنہٕ۔ ''کوتاہ رُت گوٚیو اگرے یم رنگ سازتہٕ دزاٮ۪تی آسہن..... خاًرسو چھےٚ زِ پوٚہر یمن ہیور روزان'' ای سونچان سونچان لوگ ژھوٚرمس پوٚہرس کھسنہٕ۔ ''تہٕ یہٕ گو ژھوٚرم پوٚہر آ...... یہٕ گوٚ وُدروازٕ تہٕ یہٕ گوٚ ومقابلُک سیٹ یتھ منٛزنہٕ کٲنٛہہ بسان چھُ''۔ بجہٕ ہٕنٛدِ کمرٕ سیٚدٕ سیوٚد ہٕنٛیم کمرٕ تہٕ اوس خٲلی کیازِ اُتھ اوس کرالہٕ درسُنٛد name plate ٹلنہٕ آمُت ییمہٕ کٕنٛی باسان اوس زِ لتہٕ چھِ بسکین دزاٮ۪تی سخ شانش کھٕرٛس۔ دِل اوسُس دُبرائے کران۔ اکہٕ لٹہِ لوگ سونچنہٕ ''چھُنا صلاح واپس گژھ'' مگر جواب ندار دیعنی دِلن دِژنس نہٕ گواہی۔ تہٕ لوگ بجہٕ ہٕنٛدِس دروازس نشہِ اند رکُن نظر دنہٕ۔ اندرٕ اُس قبرستانٛچ ہش ژھوٚپہٕ...... پتہٕ دیتُن ہٕنٛ منٛز ہیرن کُن ہیٚہِ بڈغورٕ سان گن...... پتمہٕ پھرٕ دِژن اورٕ یور نظر تہٕ دَم سنبھالتھ تھاوُن مکٕرٕ زِ گرِس منٛز شیر تھ تہٕ لوگ پننہٕ پانَس جاۓ ہیٚنہٕ ''امازِ بتھس ماچھُم لیڈریار پھیوٚرمُت؟'' بتھس پٔتھ ماچھُم وحشت پرپڈان۔ خودایاہ بڈ چھےٚ سبٹھے شیطانہٕ پھیٚٹرٕ۔ بہتر چھُ رژھ کھنجہٕ پراُرن یوٚ تام زِدلہٕ دُبرارے کم پہن گژھم''۔

اما پوٚ زدلہٕ دُبرارے گیہٕ نہٕ کم بلکہ اُس تیز اُنی۔ زنتہٕ دِل پننہٕ منصوبہٕ نشہٕ پوٚت ہیٚنہٕ باپتھ احتجاج کران اوسُس تہٕ تمی ہیوٚکنہٕ یہٕ زیادس کالس برداشت کرِتھ۔ وارٕ وارٕ کوٚرُن چند منٛزٕ اتھِ نبر تہٕ کرِن بیٚل۔ تقریباً کرِن اڈِمنٹہٕ پتہٕ دُبارٕ بیٚل مگر گوڈٕ نکہٕ کھوٚلتہٕ ہنا زورے پہن۔ اندرٕ آس نہٕ کانٛہہ جواب تہٕ وونی اوس لگاتار بیٚل کرٕنی فضوٗل بلکہ نامناسب تہٕ۔ بڈ اُس بالکل گری مگر شکی آسنہٕ علاوٕ اُس ناکُنی زٕنی۔ شایداُس پس وپیش کران۔ رَااسکولنٛ کافس اوس تہند بن عادتن ہُند کم کاسہٕ پتاہ...... تمی دیُت ہیٚنہٕ دروازس پٔتھ گن۔ اماوٕنی کیٚس اوس سہٕ معموٗلہٕ کھوٚتہٕ زیادے تیز تہٕ ژٕلی بوزان۔ (حالانکہِ یہٕ چھُنہٕ بہُن لایکھ) یا ونوزن اُسِس گگرکن......آواز تام اوس پرزناوِتھ ہیکان۔ بہر حال تس باسیو اندرٕ رِکن تھوو ہانکلہٕ پٔتھ کمی تام اتھِ یتھ ٹھس گوٚو

تہٕ ووٚنی چھُ گُس تام اندرِ یکنۍ دروازس نِشہِ اِستادٕ روٗ زِتھ تِتھے کٔنۍ گَن دِوان یِتھٕ کنۍ نیٚبرٕ یکن رَاسکولنکاف گَن تھأوِتھ اوس...... رَاسکولنکاف پوٚک زٕ ژور قدم اورٕ یورٕ تہٕ ہتی کٔرِن ژاکھر یُتھ زِ بُجہِ گژھِنہٕ شک کانٛہہ چھُ ژوٗرِ روزٕنچ کوٗشش کران تہٕ سو مُشراونہِ دروازے۔ امہِ پتہٕ کٔرِن بڈٕ آرامہٕ سان تہٕ بانبرِ ورأے تریمہِ پھرِ بیٚل۔ پتہٕ ییٚلہِ تس یہِ ژُہہ یاد پیوٚ سہٕ گوٚ وحأران زِ تِتھِس موقعس پیٹھ ییٚلہِ دماغ زنتہٕ وُنلہِ تل ہنہٕ آمُت اوُسس تہٕ دِلہٕ دُبرارے پریشان کران آٔسس یکتھٕ روٗ دسہٕ تو پتہٕ تہٕ پیٚش ور مجرمہٕ ہندی پأٹھی دوٚر گٔرِتھ...... رژھِ کھنجہِ پتہٕ گیٚس چھٔنۍ مُشراونچ آواز کنن۔



# (۷)

دروازٕ آو بروٗنْہِمی پأٹھۍ رٹھ کھٔنڈٕ مٕژ راونہٕ تہٕ دون پٹھن ہنٛزٕ مٔنٛزمہٕ کھریٚپہٕ منٛزی آسہٕ تس بُجہِ ہنٛزٕ زوتہٕ ؤنہٕ تہٕ شکی نظرٕ انہٕ گٔژس منٛز وون دِتھ ژرژان۔ رَاسکولنکافس بگرے مغز تہٕ مأنی تو اَکھ ویٚتھ پوٗٹھۍ غلطی گٔیس۔ چوٗنکہِ یڈأس گرِگنی ژٔنی اِوکنی اوس رَاسکولنکافس شک زِیڈ ماکھوژِتس وُچھت تہٕ بُجہِ ہنٛز بدگمأنی ماہیکہِ نہٕ سہٕ دوٗر گرِتھ۔ اوکنی روٗٹ تمی دروازس اندرٕ کُن زور یُتھ زِیڈ ہیکہِ نہٕ کینْہہ شک گرٕ ھنہٕ کنی دروازٕ واپس بند گرِتھ۔ اما بُجہِ کوٗر نہٕ یہِ وُچھِت تہِ دروازٕ واپس بند پوٗ زتھپ تہٕ ترأوُن نہٕ یِیلہٕ یِتھ پیٹھ رَاسکولنکافن دروازس یِتھ کنہِ دقہٕ کوٗر زِیڈ آیہِ لگ بگ ہیرِ کُن بتھی کنی لاینہٕ تہٕ یِتھ یِتھ گیہِ دُبارٕ کھڑا۔ یہِ وُچھِت زِیڈ چھےٚ دروازس پیٹھ وودنی تہٕ اند راژنس چھےٚ نہٕ وَتھ دِوان ژاوسہ وُخشمہٕ ساں کشہِ اند رتہٕ بُجہِ ترأولرٕ ستی وَتھ یِیلہِ۔ تمہِ ہیٚو کیاہتام وُنن مگر کہنٛہ فوریوس نہٕ فقط أس تشویشناک پأٹھۍ تس وُچھان۔

"آداب علیونا ایوانونا...... تمی کرے یہِ پننہٕ کُن شوٗ دمنہٕ کتھ کرنچ کوٗشش مگر زیٚو دیٚتنس نہٕ ساتھ۔ زیٚو کلےیَس "بہٕ...... بہٕ آس...... مےٚ چھُم یہِ چیز اوُمت...... بہتر چھُ وولہٕ اند رکُن...... گاشس کُن"۔

اِی ونان ونان ژاو کھِٹس اند رٕ بُجہِ ہنٛز مرضی ورأے تہٕ سوژ ایس پتہٕ پتہٕ تہٕ بمشکل ٔنج وننہِ۔

"تقصیر...... یہِ کیاسنا چھُ کران؟ خبر یہ کُس چھُ...... ہے ژےٚ کیاسہ گژھی؟"

"ہاں...... علیوناژ چھیکھ نامےٚ پرزٕ ناوان...... تہٕ...... تہٕ چھس

رَاسکولنکاف ۔مےٚ چھےٚ سہٕ چیز اوٗمُت یَتھ متعلق اوترٕ ونیو مے ......''۔ تہٕ أتھۍ ستۍ کوٚڑُن چند مژٕک چیز ۔ بجہٕ دِژ اَکھ نظر رہنہٕ باپتھ أمِتس چیزس تہٕ پتہٕ لٔج مشکوک تہٕ بدظون نظرو بےٚ وکھتہٕ کِس گژ اکس مُدے گنڈِتھ وُچھنہٕ۔ مِنٹ کھنڈ گوٚو رَاسکولنکافن گُر بجہٕ ہٕنزن نظرن ہنٛز برہمی محسوٗس زنتہٕ بجہٕ سوٗرے منصوبہٕ فکرِ توٚ رمُت اوس۔ تس ہیوٚتُن حبس ہوش راوُن کیازِ تس پیوٚ نظرن ہُند سخ وحشت۔ سہٕ کھوٚژیتھ زِ اگرے سو بیٚیہٕ أڈِ سے مِنٹس لگاتارٕ وٕچھِہس سہٕ ژلہٕ ہے کمرٕ منزٕ ے۔ ''تُہۍ کیازِ چھوٚ مےٚ تتھٕ کٔنۍ مُدے گنڈِتھ زنتہٕ زأنۍ وِی نہٕ؟''۔ رَاسکولنکافن وونس زرا ناراضگی سان۔

''رٹ اگرے رٹن چھُےٚ نتہٕ تھاوَن یہ چیز بہٕ بیٚیہٕ کأنسہٕ نِشہٕ بند ...... مےٚ چھےٚ رژھا جلدی ......پیٚرٕ چھم نہٕ فرصت''۔

تمۍ اوسنہٕ یتھٕ پأٹھۍ کلامہٕ کرنک سوٚنچُمت تہٕ مگر ہنگہٕ منگہٕ نیوٚ تمۍ طوطہٕ سٔندی پأٹھۍ وٕنتھ۔ بجہٕ ژوٚل دِلہٕ پیٹھ بار۔ رَاسکولنکافنیو وَزن دار کتھو کُرتسنٛز بدگمأنی دوٗر تہٕ تس پیٹھ پژھ تہٕ لٔجس پرٛژھنہٕ۔ ''مگر جناب پیٚرٕ کیا جلدی چھےٚ ژےٚ؟ کیا......کیا چیز چھُےٚ۔؟''

''یہ چھُ چاندِ ہُند سگریٹ ڈبہٕ۔ ژےٚ آسی یاد اوترٕ ونیو مے نا امیک''۔ بجہٕ پِلہٕ نوونس یہ بوٚ زتھےٚ اتھٕ۔ ''مگر بتھس کیازِ چھےٚ ژےٚ لیٚدر پھیرٕ مژٕ۔ پوٚز ووٚنمے ......او ژےٚ چھےٚ اتھن تہٕ تھرٕ تھرٕ۔ ژےٚ ماچھےٚ وٗنی سران کوٚ رمُت۔ یہٕ کیاہ دلیل چھےٚ''۔

''پتھٕ چھم'' تمۍ ووٚنس فوراً...... ''یٚلہٕ نہٕ کھیٚون کیٚت کٔھنۍ آسہٕ ......لیٚدر یار پھیرنہٕ انسانس اِد کیاہ گژھبس''۔ تمۍ ووٚنس مُشکلی ساتٕ مگر صاف صاف لفظن منزٕ۔ أتھۍ ستۍ لٔج تس ہیٚکتھ بیٚیہٕ جواب دِنہٕ مگر بجہٕ باسیو تسٕنٛد جواب پوٚ زٕ ے تہٕ روٚٹن تہند اتھٕ مژٕک چیز۔

''کیا چھُ یہ؟'' تمہٕ پرٛژھنس دُبارٕ تہٕ مانہٕ برٛژو نظرو لٔجس وُچھنہٕ تہٕ ستۍ اُس اتھس اندر چیزس تہٕ رے کڈان۔

''سگریٹ کیس......چاندِ ہُنٛد...... ژُوچھ پانہٕ''

''چاندِ ہُنٛد زن چھُنہٕ باسان ...... وُچھ کمہٕ أدرِ کھٕنج چھےٚ ژےٚ یہِ وُلتھ تھوومُت''۔

اَتھ گنٛڈ مٕژ راونٛچ کوٗشِش کران کران درایہِ سوٗ دارِ کُن گاشس نزدیک۔ (گرمہٕ کرایہِ باوجوٗد آسہٕ تمہٕ سارے دارِ بنٛد تھاوِ مٕژ)۔ کینٛژن ژِہن روٗد رَاسکولِنکاف یتھٕ پأٹھی کُنےٚ ظوٗن تہٕ بُڈ اُس تس کُن تھر کرتھ۔ یتھٕ پأٹھی آو تس کوٹھ بٹن مُژراونس موقعہٕ تہٕ رزٕ کرِ مژٕ کرِن مکٕژ یٚیلہِ اما پوٗ زوٗنہِ کڈِن نہٕ نمبر بلکہِ تھاوُنس دٕ چھنہِ اتھٕ ستی أنٛدری کنی تھپ۔ وہمہٕ ستی زن سورے یہِ تس اتھن ہیٚکیتھے۔ رژھ پتہٕ رژھ اوس تس باسان زن تہٕ اتھن لٕکِر گژھان أسس خدشہٕ گوس اتھٕ مژٕ گژھس نہٕ مکٕژ نیرِتھ ژٕلنی تہٕ وٕسی پیٚنِہ...... کلس باسیوس چکر ہیٚوٕ یوان۔

''مگر ژےٚ کیتھٕ سا پأٹھی چھُت یہِ گنٛڈِتھ تھوومُت'' سوٕ ژھ تنگ یتھ رَاسکولِنکافس تہٕ پھیر تسی کُن۔

ووٗنی اوسنہٕ تس اَکھ منٹ تہِ ضایع کرنس موقعہٕ۔ تمی کڈ یکدم مکٕژ نمبر تہٕ دوٚیو اتھو تھپ کرِتھ گلہٕ ناوِن ہوٚہس مژٕ۔ تس اوسنہٕ وُنی کہس ہوش۔ کوٗشِشہٕ ستی نہٕ بلکہِ زن وولُن جادٕ ستی مکٕژ ہُنٛد پھل کش کڈِتھ بجہِ ہنٛدِس کلس۔ تس باسیو زِامہِ دَب تراونہٕ باپتھ زن کوٹرٕ نہٕ تمی پتٕن مژھ بل استعمال۔ مگر یتھے تمی مکٕژ ہُنٛد گوڈنیک دَب وول تس انٛدر گیہِ سأری ہیٚکیتھ دُبارٕ جمع۔

بُڈ اُس معموٗلہٕ مطابق ووڈٕ تنی۔ تسُنٛد رُمہٕ زأ ویٚل کاژُرمس برگ یتھ مُتھٕین دِنہٕ ستی لوٗکھر گامژٕ اُس اوس گگرلچہ ہنٛدی پأٹھی پتھ کُن سوٗ مبر أوتھ اکہِ پھچرٕ کلفہِ ستی چیرِ پأٹھی بنٛد یوسہِ کلف ژیٚری کھوٗڈس نشہِ تنی اُس۔ چوٗنکہِ سوٗ اُس قد کُن ژھوٚٹی اوٕ کن پیٚو تس دَب بالکل تالہِ پیٹھ۔ تمہٕ دژ کرٕ بکھ مگر زیادٕ زورٕ پھوٚرس نہٕ۔ اتھٕ ژٕ

ہیرٕ آنی کلس کُن نئی مگر سو آیہِ فرشس پیٹھ وُ کراونہٕ۔ رٖاسکولنکافن دیتمت ''چیز''
اوسُس وُنہٕ تہٕ اتھس منٛزٕ ے۔ تمی وول تس بیاکھ مکرٕ دَب کلس تہٕ پتہٕ بیاکھ۔ خوٗن
پھوٗٹس یتہِ کُنی زنتہٕ خوٗنہٕ برٕ ژملر دٕبہ پھیرِ تہٕ اُتھی ستی شٹھے ییہِ سو۔ رٖاسکولنکافن روٗٹ
اتھ پتھ۔ رژھا برونہہ کُن پکِتھ دِژنس بتِھس نظر اچھ آسس ییلے زنتہٕ ٹاریو منٛزٕ نبر
دژامرٕ آسس۔ بمہٕ تہٕ سورٕ ے بتھ اوسُس درس لوٗ گمت۔

تمی ترأو مکرٕ لاشہِ نزدیک پتھرٕ تہٕ لوٗگ تسندِس چندس ژھارٕ دِنہِ (کوٗشش
اوس کران زِ لاشہِ ہنٛدِس بتِھس پیٹھ گرٕ ھس نہٕ نظر پیٚنی) تمی ترووبجہِ ہنٛدِس تتھی دٕ چھنہِ
انٛدٕ کِس چندس اتھ ییمہِ منٛزٕ تمہِ پتمہِ پھرِ رٖاسکولنکافس تھی کُنزٕ کجے ییہِ۔ وُنکبس اوس
سہٕ پوٗرٕ جبس منٛزٕ۔ تس اوسہٕ کُنہِ قسمُک توس یا گیوٗ رباسان۔ مگر اتھن آسس وُنہٕ تہٕ
تھرٕ۔ پتہٕ پیوٗتس یاد زِ سہٕ اوس خاص پأٹھی ییمہِ کتھِ ہنٛد دیان تھأوِتھ تہٕ کوٗشش کرانٕ
زِتس گوٗ ژھنہِ کُنہِ پلوٗس خوٗن لارُن...... تمی کجہِ چندِ منٛزٕ ؤلی ؤلی کُنزٕ نبر۔ یہِ اوس سہٕ
کُنزٕ ترونگ یُس پتمہِ پھرِ تمی وُ چھمُت اوس۔ کُنزٕ ہتھ دوریوسہٕ فوراًشونگن گٕتھس منٛزٕ۔
یہِ اوس لوٗ کُٹ کمرٕ ییچھن لبن پیٹھ مقدس تصویرٕ آسہٕ۔ بتھِ سیوٗ دٕ ے اوس لبہِ نِشہٕ اَکھ
پلنگ سبتھیٕ صاف وشفاف یتھ پیٹھ اَکھ کامہِ دار سِلکہِ ہنٛز لیف ترأوِتھ آس۔ بیٚیس
لبہِ کُن آسی اَکھ مختلف دراز دار المأرٕ ی۔ تمی ہیرٕ اٰ ے جلدی أندرٕ ی دراز کھوٗ لنی مگر اَتھ
گیٚس زورٕ زورٕ ٹھسرارٕ ے تہٕ سہٕ ترٕ ہریوُتھ زِسہٕ گوٗ وموٗچھِ زٕ ژتھ واپس ژلنس پیٹھ
آمادٕ۔ مگر وُٹھن پیٹھ اسن گرٕ اے اُنتھ دیتٕن اَتھ سأرٕ سے وٕہمس فیٚش۔ ووگوہنگہٕ منگہٕ وو
بتھس خیال زِینہٕ بڈ زندے آسہٕ تہٕ...... تہٕ؟...... کُنزٕ درازس منٛزٕ ے تھأوِتھ دٕ ریوسہٕ
واپس لاشہِ نزدیک۔ مکرٕ دِژن یکدم تھپ تہٕ دوٗیوا تھوکھأجن تالہِ پیٹھی بجہِ بیاکھ دَب
تراونکہِ غرضہِ مگر امیک باسیوس نہٕ ووٗنی ضرٕ رتھ۔ تہنٛدِس مرنس اوسنہٕ شکی کانٛہہ۔ مکرٕ
پتھرٕ ترأوِتھ نمیوٗ بوٗن کُن تہٕ دُبارٕ نظر دِتھ توٗرُس فِکرِ زِ بجہِ چھیٚ مٕنی گاڈٕ پیٹھے کلہٕ کھوٗ پرٕی

پھُٹمٕژ تہٕ بلکہِ اکھِ اند ہیچ گامٕژ۔ تمۍ ہیژ اَیہِ تس اتھٕ ستۍ زیر دِنۍ مگر ستۍ تلُن اتھ واپس کیاز ووٗنۍ اوس یہِ امہِ ورأے تہٕ نوٚن زِبُڈ اُس شہلیمٕژ۔ اتھۍ دوران اوس یتِس کالس اتبتھ خوٗنگ تلاو سمیو مُت۔ راسکولنکافس گیہِ بجہِ ہنٛز گردنۍ منٛز اَکھ ڈوٗر نظرِ۔ تمۍ ہیژ ایہِ ڈوٗر ژٹنۍ مگر سیٹھا دٕرآسنہٕ کِنۍ ہیچن نہٕ یہِ ژٕٹتھ۔ جلدی منٛز تُجے یہِ تمۍ مکٕژ بجہِ ہنٛز گردن ژٕٹتھ ڈوٗر نبر کڈنہٕ باپتھ اما امیک جرأت ہیوٚکُن نہٕ کٔرتھ۔ کیازِ مکٕژ کیوٚ تہندی اتھٕ اَسۍ خوٗنہٕ ستۍ رنگنہٕ آمتۍ۔ تہٕ دوہن مِنٹن ہنٛزِ بارٕ کوٗششہِ پتہٕ ژٕٹ تمۍ یہِ ڈوٗر مکٕژ ہِند مدتہٕ ورأے۔ توٚہند خیال دراو نہٕ غلط یہِ اوس بٹُوہٕ اتھ ڈورِ ستۍ اَسۍ زٕ کراس گنڈِتھ اَکھ ژنڈن ہیچہِ ہُند تہٕ بیاکھ ترامُک۔ امہِ علاوٕ اُس حضرت مسیحؑ سِنٛز تصویر تہٕ ڈورِ گنڈتھ تہٕ یمنے منٛز باگ اوس اَکھ پٹِتھ تہٕ وزن دار بٹُوہ تہٕ تیچھ کِنارِ فولادٕچ اُس۔ تمۍ بوٚر بٹُوہ یہِ وُچھنہٕ ورأے چندس زِ اتھ اند رکیاچھُ تہٕ صلیب لگوٚون بجہِ ہنٛز لاشہِ پٹھ تہٕ دوٗر یو بیہِ بجہِ ہنٛدِس شونگن کُٹھس منٛز مگروُنۍ کبس نیٛن مکٕژ تہٕ ستۍ۔ راسکولنکاف بانٛبر یو واریاہ زیادٕ۔ جلدی منٛزے اوس کُلفن کُنٛز لاگان مگر فضوٗل اَکِس کُلفس تہٕ بٔجِس نہٕ کانٛہہ کُنٛز۔ امیک اوسنہٕ یہِ وجہ زِ تس اَسۍ اتھٕ نٔژان۔ بلکہِ اوس سہ غلطی کران۔ مثلن اگر تس باسان اوس کانٛہہ کُنٛز چھےٚ نہٕ کُنہِ کُلفس ینٛۍ لایق مگر سہٕ اوس توٚپتہٕ تہٕ کوٗشش کران۔ اتھۍ منٛز گوس لوٚکچیو کُنٛز وکھوٚ تہٕ بجہِ دندانہٕ دار کُنٛزِ کُن ظوٗن یو سہٕ اتھۍ ترٛونکس منٛز اُس۔ ”یہِ گرٛھنہٕ ییمہِ المارِ ہنٛز آسنۍ“، تمۍ سوٗنچ (پیٚتمہ پھرِ تہٕ اوس تمۍ اِی سوٗنچمُت) زِ یہِ گرٛھ کُنہِ بڈِ صندوٗقچ آسنۍ تہٕ قیمتی چیز گرٛھن تتھۍ منٛز آسنۍ۔ دراز واجبن المارِ اُتی ترأوِتھ سیٚد یو سہ بیڈس تل نظر دِنہٕ کیازِ تس آو خیال زِ بجہِ چھےٚ اکثر قیمتی چیز بیڈن تلے تھاوان۔ اوس تہٕ تِی۔ بیڈس تلہٕ کُنہِ اوس اَکھ نقش دار بوٚڈ صندوٗق الہ پلہٕ اَکھ گز زیوٚٹھ۔ اَتھ اوس ووٗزل چمرِ کلیو ستۍ مٔرتھ۔ دندانہٕ دار کُنٛز لٔج امہِ کیسے کُلفس تہٕ نیوٚن اَکی ورمٕژ رأوِتھ۔ صندوٗقس منٛز اوس سفید کپر ووٗرِ تلہٕ کنہِ ووزٔلہ کیمخوابک دشہٕ دار کوٹ۔

اُتھ تل گٔن اوس سِلکہِ ہُند سوٗٹ ءتہٕ تتھ تل گٔن شال۔ باسان اوس زِ اُتھ منٛز چھُنہٕ پلوو ورأے بییہِ کیٚنہہ ۔ گوڈنیچ کأم کرٕ تمی یہِ زِ خونہٕ برٕ متی اتھ ووتھرأوِن ووٚ زلہِ کھوابکس کوٗٹس۔ تس آو سونچ ووتر ِلس پلوٚس نیرنہٕ خونٛک داغ نوٚن۔ أتھی اندر آوتس ہوش تہٕ تھارِ ہوٚت لوٗگ سونچنہٕ...... ''خودایا یہِ کیا سنا چھُس کران یہِ۔ بوٚ ما ہیٚوتنس باورِ گژھن''۔ مگر یتھےٗ تمی پلوٚن زول دیُت اکہِ فرکوٹھ تلہٕ کنہٕ دژ ایہِ اکھ سوٚنہٕ ہنٛز گرٕ نی۔ تمی کڈی صندوٗقہٕ منٛز سأری پلو اکہِ اکہِ نمبر تہٕ امہِ منٛز دژاے واریاہ سوٚنہٕ ہنٛد چیز...... یم شاید سأری رہنس پیٹھ تھاونہٕ آمتی أس۔ شاید أسی نہٕ یم چیز قرض ہنہٕ والیو چھڑٕأوِتھ ہیکٕ متی نتہٕ ما آسہکھ وُنہِ معیاد باقے۔ یم أسی مژھ بند۔ چینہٕ ڈوٗرِ کلفہٕ تہٕ یتھی دوٚیم چیز۔ کینہہ أسی ڈبن منٛز تہٕ کینہہ سیٚو داخبار کاغذس وٗلتھ۔ یم أسی احتیاطہٕ سان آیہِ پأٹھی گنڈتھ۔ تمی ہیٚتی ڈبہٕ یا کاغذ ہیتھے یم چیز پتلوٗن تہٕ کوٹہٕ چندن برٕنی۔ اماوٗنہِ أسی نہٕ تمی زیادٕ چیز چندبرٕ متی زِ...... تس گوٚو تتھ کمرس منٛز انسانہٕ پکُن کنن بییہِ بجہِ ہنٛز لاش أس...... سہ وُٹھریو تہٕ شاہ کوٚرن یتھ کٔنی بند زنتہٕ انگس انگس ژُولس زوٗنیر تھ۔ ووٚنی أسس نہٕ قدمن ہنٛز آواز کنن گژھان ''شاید چھےٚ مےٚ بلی رایہِ گژھانِ''۔ تس آو خیال مگر أتھی اندر گیہِ تس ہلکہِ کربکھ کنن زنتہٕ کانٛسہِ ہیٚہس اندر رووش ترٕوو۔ تمی کرُ دبارٕ أکس یادوٚن منٛٹن خأطرٕ ژھوٚپہ۔ وُنی کمبس بیوٗٹھ سہ صندوٗقس نشہِ ژورون کٔرتھ کھورن پیٹھ تہٕ شاہ بند کٔرتھ لوٗگ بییہِ ژرٕژنہِ۔ یا شاہ کٔرتھ دِژن مکٕش تھپ تہٕ کٔنی ووٹہِ دژاوشونگن کُٹھہِ منٛزٕ نمبر۔ کمرس منٛز باگ أس لزواتا اتھن اندر کیاہ تام بوٚ ڈبو قچہ ہتھ کھڑا۔ سوأسی موٹھن ہش پننہٕ ببنہِ ہنٛزِ لاشہِ نشہِ استادٕ۔ بتھہِ سفید مچ ہش گأمژ تہٕ باسان اوس خوفہٕ ستی دَم پھٹی گژھنہِ کٔنی أس نہٕ سو کُزبکھ تہٕ دِتھ ہبکان۔ تیتھے تمہِ شونگن کُٹھہِ منٛزٕ نفر مکٕش اتھس کنبتھ ہتھ نیران وُچھ تس گیہِ واہ وٗستھ۔ تس ژایہِ پننہٕ وٗتھرِ کی پأٹھی تھرٕ۔ تمہِ ٹُل اتھ تھوٚد۔ أس موٗرووُن مگر کربکھ ہیچن نہٕ دِتھ۔ تمہِ ہیٚوت پتھ پتھ ژلُن تہٕ وأژ کمرٕ کس

کوٗنس منز۔ نظر اُسس رَاسکولنکافس پٮ۪ٹھ۔ خوفہٕ ستۍ اُس نہٕ ٹٔٹہٕ وارتہٕ کران اماتوتہٕ ہیٚچ نہٕ تمہِ کرِتھ دِتھ۔ شاید اُس تس تھوٚکھ تام ہوٚچمُت۔ یمہِ کنۍ کرِتھ دِنہٕ باپتھ شاہ تہٕ کھالتھ اُس نہٕ ہٮ۪کان۔ رَاسکولنکافن ہیٚوت تس نزدیک وٲتتھ مکٕرِ ستۍ حملہٕ کرُن تس زن لوٚگ بُتھ درس پرآژٕ وٲژس کنن تام تِتھے کٔنۍ یِتھ پٲٹھۍ شُرِس کھوژنہٕ وِزِ کرِتھ دِنہٕ باپتھ اُس یِیلہٕ گرٛشھان چھُ۔ تہٕ کھوژن وول شُر یِتھ پٲٹھۍ تمہِ چیز نشہِ یمہِ ستۍ کھوژان چھُ پننہِ نظرِ ٹلان چھُنہٕ تِتھے کٔنۍ اُس لنز واتاتہٕ مکٕرِ پٮ۪ٹھ برابر نظر تھٲوِتھ۔ مگر بچٲرِ آیہٕ زمینہِ پٮ۪ٹھ ساوُنہٕ یِیلہِ مکٕرِ دب ووتھُس۔ پننہِ بچاوٕ خاطرٕ کُرنہٕ تمہٕ کہنۍ کوٗشش۔ پُنن بُتھ بچاونہٕ باپتھ تہٕ روٚٹ نہٕ تمہِ اتھ بُتھِ یژن ضروٗری اوس تہٕ قودرتی تہٕ۔ حالانکہِ اَکھ اتھ اوس تمہِ گوڈے کھڑا کوٚرمُت۔ رَاسکولنکافن وول تس مکٕرِ دَب بُتھِسے تہٕ منٛز گاڈِ تام دُیُت نَس کلہٕ کھوپرِ چاکھ تہٕ کلہٕ کنۍ آیہٕ سوٚٹاس کرِتھ ڈکراونہٕ۔ رَاسکولنکاف ترہریوتس اوسنہٕ فکری تران زِ سہٕ کیا چھُ کران۔ تمۍ مژرٕ وولنز واتالیہٕ ہٕنٛدِ اتھٕ منٛزٕ ک بنٛڈل تہٕ بیٚیہٕ دیتُن اُتی دٲرِتھ تہٕ کٔنۍ ٹٔکھ ژھٕنٛنۍ درواژس کُن۔

رَاسکولنکافس پیٚو رژھ ہِ پتہٕ رژھ ہِ زیادٕ زیادٕ وحشت خاص کرِتھ یہٕ دوٚیِم غار متوقع خوٗن کرنہٕ کنۍ۔ سہٕ اوس ووٗنی یُت پلھبس تیٚوت ڈٕلی ڈٕلی اتہٕ ژٕلن یژھان۔ تِتھس موقعس پٮ۪ٹھ اگر تس حال ہوش برابر آسہٕ ہے۔ برونٛہہ کُن پیش یِنہٕ وٲلی مُشکلات بوزٕنۍ تگہٕ ہن تہٕ یہٕ کتھ معلوٗم سپدِ ہسَ زِ واپس نیرنس منز کمہٕ کمہٕ رُکاوٹہٕ تہٕ بلکہِ کم کم جرم پٮ۪ین تس کرٕنی سہٕ تراوِہے سوٗرے کینٛہہ اُتی تہٕ خودکُشی کرِہے اوٚ کنۍ نہٕ زِ سہٕ اوس کھوژِ بڈ بلکہِ اَمہٕ کہٕ کرِتچھر کنۍ یہٕ تمۍ کرِتھ ترٕوو۔ تس اوس سینس پٮ۪ٹھ بارتہٕ کرِتچھر رژھ ہِ پتہٕ رژھ ہِ ہُران۔ ووٗنی اوسنہٕ سہٕ مَصندوٗقس نشہِ یابچہٕ ہندِس شوٗنگن کُٹھس منز گرٛشھُن یژھان۔

تسُنٛد ذہن اوس خٲلی۔ تہٕ وارِ وارِ اوس غفلژٕ ہٕنٛدِس عالمس منز ہینہٕ یوان۔ تس اوسنہٕ پننہِ پانٛک خیالی تہٕ نہٕ اوس سونچان زِ تِتھس موقعس پٮ۪ٹھ گژھ چھِ زیادٕ اہمیت دِنۍ

بلکہِ لوٚگ لوٚکچہِ کتھہِ سونچنہٕ۔ کچنس گُن دِژِن نظرٕ تہٕ ژأ ٕکس پٔٹھ وُچھن آبہٕ بالٹین۔
أتھی ستی آس خۄنہٕ بَرتھ اتھ تہٕ مکرٕ چھلنُک خیال۔ اتھ اکِس خۄنہٕ ستی رنگنہٕ آمتۍ۔
تمۍ ترأ و مکرٕ بالٹینس منٛز تہٕ دارِ پٔٹھ کہِ صابنہِ ڈبہٕ منٛز صابنہِ رژھ تُلتھ لوٚگ اتھ
پٕٹھر وانہِ۔ اتھ صاف کٔرِتھ کھأرِن مکرٕ آبہٕ بالٹینہٕ منٛز ہیوٚر تہٕ مکرِ ہُنٛد پھَل صاف کرنہٕ
پتہٕ لوٚگ امہِ کِس دنس صابنہِ ستی خۄنکی داغ چھلنہِ۔ منٹ تار لأ گن اتھ تہٕ۔ پتو لاکن
تجزٕأتی کیاہ تام کپر تر تہٕ تمی ستی کوٚرُن مکرٕ ہُنٛد دَن خوشک۔ امہِ پتہٕ دژ او دارِ گُن مکرِ
وار نظر دِنہٕ۔ وونی اوسنہٕ مکرٕ کُنہِ جایہِ رتہٕ داغ بلکہِ اوس فقط امیک دَن اوٗدُر تہٕ کرِن بیٚیہٕ
اوور کوٹہٕ تلی رز کٔرس منٛز بنٛد۔ امہِ پتہٕ دِژ تمۍ پننٮ٘ن پلوٚن تہٕ بوٗٹس نظر۔ گوڑنچی نظرٕ تلہٕ
باسیوس زِ پلوٚن چھنہٕ کینٛہہ بلکہِ چھس بوٗٹس نچہٕ خۄنہٕ ٹٕچہٕ لا ریمژ تہٕ دَجہِ ترأ در کٔرِتھ دِتِن
بوٗٹس اَمی ستی پھش تہٕ کوٚرُن صاف۔ اماتس اوس پتاہ زِ سہٕ چھُنہٕ پلوٚن وارٕ پأٹھی
وُچھِت ہیکان تہٕ ممکن چھُ کُنہٕ نتہٕ کُنہِ پلوٚس آسہِ ضرور داغ۔ خأرسہٕ روٚد کمرس
منٛز باگ ووٚدنہٕ۔ کیازِ؟ تہٕ گوس یکدم مشرب۔ أتھی منٛز آس اَکھ ویکھٕت تہٕ بقررا
کرٕوُن خیال۔ خیال یہِ زِ سہٕ شوٗٹھ چھُ شاید پاگل گومُت کیازِ وُنکیس اوسنہٕ سہٕ پننہِ بچاو
باپتھ کانٛہہ تدبیر کران۔ نتہٕ گوڑ ہ سہٕ تمہِ بجایہِ کانٛہہ بدل کأم کران آسُن یہِ سہٕ امہِ وِزِ
کران اوس۔ ''میانہِ خودایا'' سہٕ لوٚگ وُٹھ پھسر ارے کرنہِ ''مےٚ ...... مےٚ پزِ ژلُن
......فوراً پزِ مے ژلُن''۔ تہٕ سیٚدیو دروازس گُن۔ مگر دروازس نِشہِ واتتھ گوٚ ویوتس
پھرٕ ٹھ۔ تس روٚدنہٕ پننٮ٘ن اچھن پٮ٘ٹھ تہٕ بوٚروٚسہٕ زِ یہِ کینژ اسہٕ وُچھان چھُ یہِ کیاہ چھُ
پزر کیازِ او تام اکِس نہٕ اتھ پٮ٘ٹھ نظر پیأمژ۔

نیبر مہِ وٹیک دروازٕ یتھ تھ کمی کال بڑ وٹہہ رٕ اسکولنکاف ٹھٕہرِتھ بیٚل اوس کران
اوس تقریباً آنچہٕ شیٚنے مرٕ وُتھے ''افوٗیہِ اوسا یتس کالس ییٚلے ......امہِ بجہٕ آسہِ ہے درواز
امدأ وُتھے تھومُت''۔ تمی ہیٚوکنہٕ سوٗنچتھ زِلنر واتا کیاہ یرٕی اسانٛز دیوارٕ منٛز پھٹہٕ ہے۔

کُنہِ نتہٕ کُنہِ طریقہٕ آسہِ درواز تمی مژ رووُمت ۔ تمۍ کر درواز س باتھر ہٕتی چھنکنۍ ۔

"مگر نہ...... بۄ چھس بیٚیہِ غلطی کران ۔ مے پزِ فوراً ژلُن ۔ یٚیتہٕ نیرُن"۔ چُھنکنۍ کھولتھ مژ راووُن درواز تہٕ ہیٚوتُن ہیرِ کُن کن دیُن ۔

تمۍ دیُت واریاہس کالس کُن سبٹھاہ دوٚرشاید آنگنچہٕ بجہٕ برنہٕ نشہٕ اُسی نفر جوراہ ہرکران یم زورٕ زورٕ کربکہٕ دِوان اُسی تہٕ اکھا کس ناسزاونان اُسی ۔ "امایم کیازِ تہٕ کم چھُ ژوان؟" یہندس ژھوپہ کرنس تام پیوس صبر کرُن ۔ آخر کار کر تمو ژھوپہ شاید کوٚرنکھ کمی تام ژھین ۔ ووٚنی ہیٚژ وُن بوٚن کُن وِسُن زِ کُستام اوس بٔنی مین ہیرن گیٚوان گیٚوان بوٚن وَسان ۔ "توبہ یمن کیاسا گوٚو ۔ اَزی لگی لۄکھ ہرکرنہٕ تہٕ اورٕ یورٕ پکنہِ"۔ تس آو خیال تہٕ اٹھی ستی ژاو واپس کُٹھس اندرٕ تہٕ کوٚرُن درواز دُبارٕ بند ۔ کیٚنہہ کال گژھتھ اُس پزتھ اندٕ ژھوپہ تہٕ کمرٕ مژ نبر نیرتھ ہیٚژ وکھ ہیرِ پاوِس پیٹھ قدم تراوُن زِ تس گوٚو دوبار پکُن کنن ۔

کُس تام اوس بٔنمس وٕٹس مژ ہیٚور کُنی پکان ۔ پتہٕ پیٚوتس یاد زِ گوڈٕ نکہ قدمچ آواز بوٗزتھے گوٚ تس خبر کیازِ خیال زِ پکن وول چھُ ژوٗرمس پوٚ ہرس کُنی تہٕ بجہِ ہندی فلیٹس مژ اژنہٕ خاطرٕ پکان ۔ خبر تمۍ کتھہٕ کوٚر امیک یقین؟ ژپیٚو پکنک اوس کانہہ خاص اندازٕ کُس تام اوس پننہِ مژ گوٚبِ گوٚبِ قدم تراوان ۔ گوڈنیک پوٚ ہر تراوِتھ اوس سہ ووٚنی ہیٚور رہیٚور کھسان تہٕ قدمن ہنز آواز اُس ووٚنی نزدیک نزدیک یوان ۔ پننہٕ وٲلی سُنْد شاہ کھالُن والُن تہٕ اوُس ووٚنی بوزان ۔ ترٕیمس پوٚ ہرس پیٹھ تتھے سہ ووت رٲسکولنکافس زن گیہٕ کُنی ژنن ۔ سہ گوٚ رو زِتھ زنتہٕ تیُتھ خواب وُچھان اوس یتھ مژ کانسہِ پتہٕ سیٚدان تہٕ کاپہ کرِتھ قتل کران چھُ ۔ تہٕ خواب وُچھن وول نہ ژلتھ ہبکان تہٕ نہ پننہِ بچاوٕ خاطرٕ نرے واتھ ہبکان چھُ ۔

یتھ وول اوس ووٚنی ژوٗرمہٕ پوٚ ہرچہٕ ہیرِ کھسان ۔ رٲسکولنکافس زن دِژ کمی تام زبرتہٕ تمۍ نیہِ کُنی ووٚتھ واپس کمرس اندرٕ تہٕ چُھنکنۍ کرتھ رُو دروازس پتہٕ کنہِ استادٕ ۔ تقدیرن

بچوو۔ دروازس ٹھیک پأٹھی ہانکل کرنہٕ پتہٕ اوس وُنہٕ شاہ سنبالأنی زِ أتھی منز ووت یِنہٕ
وول نفر دروازس نشہِ۔ وونی أسی یم دۄشوے دروازس دۄیو طرفو کھڑا ئتھ پأٹھی وُنی
رٲژھ کھنڈ بڑ وٚنیہ رَاسکولنکاف بُجہِ مقابلہٕ دروازس نیبرِ کھڑا اوس۔ تمہِ وِزِ تہٕ اوس یِہے
دروازٕ دۄون منز باگ ٹھوٚ رِنتھ۔

یِنہٕ وول اوس سَخ پھریکان تہنز شانٛش أس دروازٕ أندرٕ سیٚو دپأٹھی بوزنی تگان۔

"یہ گژھہِ موٚٹ دروٚٹ نفر آسُن"۔ رَاسکولنکافن سوٚنچ مکرٚاتھس منز چیرِ سان رٲٹتھ

یہِ اوس پزی اکھ خواب ہیوٚ باسان۔ (یِنہٕ وول لوٚگ زورٕ سان بیٚل کرنہِ)۔

تِتھے گنٹیہٕ ٹھس گوٚو رَاسکولنکافس باسیو زِ نتہٕ کمرس منز کٔمی تام سوٚسرائے گر۔ سہٕ

ترہریو..... ژھو پہ دم گرِتھ دِژن اورٕ یورنظر گنٹی بجے یہِ دُبارٕ تہٕ امہِ پتہٕ رٲژھ کھنڈ گژھتھ

أنج دروازس ٹھسرائے گژھنہِ یوٚتاہ زورٕ زِ دروازس اوس خطرٕ ٹنگہٕ نیرنُک۔ رَاسکولنکافس

گوٚو ہیٚر خوشک۔ تس گوٚو وہمہٕ زِ چُھٹنی ماگژھِ دُبرلیہٕ ءتی یلہٕ۔ سہٕ اوس یژھان چھٹنہِ اتھ

ءتی زور رٹُن مگر تمہِ ءتی اوس یِنہٕ وألس خدشہٕ گژھنُک احتمال۔ رَاسکولنکافس ہیوٚتُن

کلس گیوٚر کھسُن۔ "اوہ بہٕ گوٚژھس نہٕ پتھرلاینہٕ یُن" تس آو خیال۔ تہٕ أتھی ءتی لاجہٕ

یِنہٕ وألی پانس ءتی کتھ کرنہِ رَاسکولنکاف زن گوٚ کتھ بوٚزتھے بیدار۔

"یمن کیا سنا دلیل چھے؟..... شوٚنگتھ چھا کِنہٕ..... قتل چھکھ گرمژ..... ہے

ژےٚ یمن تِتھیوی تِتھیوی.....!" تمی لوٚگ گوٚبہِ آوازِ منز وُنن..... "ہے علیونا..... بڈٕ

ٹنڈمی! ہے لِزرواتا..... میانہِ دِلبرا..... تلے دروازٕ کھول..... ہے یمن بلایہٕ تِنز.....

یمن کیا سنا گوٚو..... شوٚنگھتی چھا سا کِنہٕ؟"

تہٕ شرارتس منز گرٕ تمی پتو پتھ داہہ بہہِ پھرِ بیٚیہٕ بِلی۔ باسان اوس یِنہٕ وول گژھِ

یمن بیٚنین ہُند خاصہٕ زأنی کار آسُن۔ أتھی دوران اوس بیٚیہِ کُستام ہیٚرمہٕ ہیرٕ پیٹھ

ووتمت یُس تیز کھسان اوس۔ مگر رَاسکولنکافس توٚ رنہٕ آو تام فِکرِ تہٕ یوٚ تام سہٕ ہیوٚر

ووتمت اوس۔ ''اوٚہ کوچ آداب! کیاسہ اند رچھُنا کہٕنۍ ......''۔ نٔوی پیٚنہٕ وألی پرژھ بڑٕ نرم تہٕ خوشہِ وُنہِ آوازِ منز گوڑٕ آمتِس نفرس۔ یُس وُنتہِ پاگلہٕ ہنٛدی پأٹھۍ بیٚل کران اوس۔

''آوازِ کنۍ گرژھِ دوٚیم نفر بالکل جوان آسُن''......رَاسکولنکا فن کوٚ رانداز۔

''فکری نسا چھُنہٕ کیٚنہہ تران! تیٚژ ٹھسر ارے گرمکھ زِ درواز پھٹنٕک اوس خطرٕ ......مگر ژےٚ کتہِ چھُے میون ناو معلوٗم؟''

''کیا زِیاد چھُے نا......اوترٕ ہارِ نوومکھ نابلیأرڈس رِگند ان تمیٚہ پھرٕ''۔

''او او......''

''گوٚ ویم چھِنہٕ ییٚتہِ کہٕنۍ؟ تعجب چھُ؟ تِکرِ تھ سوٚ بڈ کوٚت آسہِ وُنۍ کبس گأمژ؟ مےٚ چھُے تس نِشہِ ضروٗری کأم''۔

''اہنسا مےٚ تہِ أس ضروٗری کأم''

''خأر ووٚنۍ کیاہ چھُ واپس گژھنہٕ ورأے چارٕ......مےٚ أسی تس کیٚنہہ پونسہٕ ہیٚنۍ!'' نوجوانن ووٚننس۔

''اہنسا واپسی گژھو۔ مگر مےٚ چھُ افسوٗس زِ تمہِ کیا زِ ووٚنن تیٚلہِ مےٚ یوٗت ژٕ ہری یُن۔ وُچھ مےٚ کتہِ پیٚٹھٕ ییٚو ویوریُن۔ کُجا میون ٹھکانہٕ تہٕ کُجا یہِ فلیٹ۔ حالانکہِ أمی بجہِ دَلہِ اوسنم وُنکبس وقت دِیتمت۔ کہتام کأم چھبس، کتھ برکرِ چھےٚ لُجمژ مےٚ چھُنہٕ فکری تران۔ وُہری وٚ ریس چھےٚ نہٕ ییٚتہِ ڈلان۔ ژےٚ پتاہ آسی تس چھےٚ نہٕ زنگہٕ ٹھیک مگر أزی چھُے شاید سألس دراہمژ۔ چھنا صلاح أسی پرژھو دربانس''

''کیا؟''

''ای ناسو کوٚت چھُے گأمژ واپس کرچھس یُن''

''ہم......فاید نیرنہِ کیٚنہہ! تِکیا زِ مےٚ چھِ پتاسو چھےٚ نہٕ ییٚتہٕ پأٹھۍ کُن گژھان۔ خأرتوٚ پتہٕ تہِ پرژھوس.........''۔

بیٚیہ اکہِ پھرِ تہٕ کُرتھی دروازس ٹھس راے۔

''ژھُنُس سا بلایہِ...... پکھ......وونی نیرنہٕ ٹھسرا یہِ منٛز کینٛہہ''

''مگر لوٚتُے کر'' نوجوانن وۄننس ''ژےٚ وُچھتہٕ درواز کتھٕ الیو ییٚلہِ ژےٚ اَتھ دقہٕ دیتُھ؟''

''آ آ''......۔

''تمیُک مطلب گوٚو زِ دروازس چھُنہٕ کُلف کُرتھ بلکہِ چھُس اَندرِ ژھٕنٛجۍ کُرتھ''۔

''اہنسا تہٕ......؟''

''ہے ژےٚ تہِ نسا چھےٚ فکری تران زِ اَندری کَنہٕ درواز بند آسنُک مطلب چھُ اِی زِیا تہٕ چھےٚ تمہٕ دوشوَے اندر......نتہٕ دویو منٛزا کھ۔ وونی ہر گاہ تمہٕ دوشوَے کُن گامژٕ آسہٕ ہن تیلہِ کرٕ ہن تمہٕ دروازس نیٚبری کَنہٕ کُلف نہٕ زِ اَندری تھاوٕ ہنس ژھٕنٛجۍ۔ تہٕ اوٚ کَنہٕ چھُ ضروٗری تمہٕ گژھن اندرٕ ے آسنہِ تہٕ درواز اَندری ہانکل تھاونہٕ کَنہٕ گژھن ضروٗ راَتی آسنہِ''۔ کوٚچ ووٚتھُس حارٲن گژھِتھ ''مگر اند رکتھ بر کرِ چھےٚ لیجمژٕ'' تہٕ اَتھی ستی ہیوٚتُن شرارتہٕ ہُتی بیٚیہ درواز وایُن۔

''ٹھہر سا ہے......یتھ کنہِ درواز پھٹرُن چھُنہٕ جان'' نوجوانن ووٚننس سوٚنچتھ سمجتھ......''ضروٗر گژھِ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ دلیل آسٕنۍ......کیازِ ژےٚ ووٚتُے واریاہ کال درواز وایان تہٕ تمن چھُنہٕ خیال تہِ گژھان۔ باسان چھُ یا تہٕ چھےٚ دوشوَے بےٚ ہوش گامژٕ تہٕ نتہٕ......''۔

''مطلب؟''

''مطلب ونے پتہٕ وولہٕ گوٚڈٕ نبتھ انون دربان......سُے کرِبکھ ہوشیار''

''اچھا ٹھیک چھُ'' تہٕ دڑاے دوشوَے دربان انٕنہِ۔

''پوٗز ژٕ ٹھہر سا ییٚتی ...... بےٚ اوت گژھہٕ دربان اِننہٕ۔''

''مگر کیازِ''

''مےٚ چھُ تِ مُنأسِب باسان''

''چلو یہِ ژٕ بہتر زانکھ''

''قونوٗن چھُس ناپران...... دوستا صاف چھُ ننان زِ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ دلیل چھےٚ''

نوجوانن ووٗئنس جوشس منز ییتھ تہٕ لوٗگ ہیرِ وسنہٕ۔

• کوٗچ رُوٗد دروازس نشی۔ تمۍ کٔر بیٚیہِ اکہِ پھِرِ بیٚل تہٕ بڑٕ اطمینانہٕ سان لوٗگ دروازس دقہِ دِنہٕ شاید اوس وارِ پأٹھی سرِ کران زِ یِژی چھا درواز فقط ہانکلہِ ستی بند۔ امہِ پتہٕ کٔرن ژاکھر تہٕ دم سنبھألتھ ییٚمیو کوٗٹھبن پیٹھ گلفکہِ سرٕ و منزٕ اَکی اُچھہِ ستی اندر رٔٹن ژرژنہِ۔ مگر کُنٛز اُس چوٗنکہِ اَندری کُنۍ گُلفہٕ کِس سرٕ وِس منز لأگتھ اِو کُنۍ کیا ہیکہِ ہَس بوزنہٕ ییتھ۔

رَاسکولنکاف اوس چیرِ سان مکہٕ سنبھألتھ وۄدنہِ۔ سہٕ زن اوس اکہِ قسمکس جنوٗنس منز ہینہٕ آمُت۔ سہٕ اُوس پوٗرٕ پأٹھی مقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ تیار تیتھےٚ تم اندر راژٕ ہن۔ ییٚمہِ وِزِ تم دوشوٕ ے دروازٕ نبرٕ کُنۍ پانہٕ وأنۍ کتھہِ کران تہٕ کوچ دروازٕ وایان اوس۔ رَاسکولنکافس ووژھو واریاہہِ پھِرِ یہِ قصہٕ تمی وِزِ ختم کرنک خیال تہٕ سوٗنچون زِ کریکھ دِتھ ونکھ ''اُژیوی کھیٚیوی منٛز میٚنتھ''۔ ییٚلہِ تمن دروازٕ مۄراوٕنۍ آونہٕ خیال وُژھیوس اُسن کھنگالہٕ ترأوِتھ تمن ہزل کرنک۔ ''یہِ کینٛژھا کرُن چھُ تہٕ پزٕ جلدی کرُن۔'' رَاسکولنکاف اوس سونچان۔

''اما یہِ قونوٗن دان تہٕ روٗدُن اوٗری''، کوٗچ لوٗگ پھسرا ے کرنہِ۔ وقت اوس رژھہ رژھہ ژلان۔ منٹ جوراتارِ گیہِ۔ مگر اورِ آونہٕ کانٛہہ تہٕ کوٗچ ہیوٗتُن بقرار گرٕھُن۔ سہٕ اوس ووٗن ژھرٹہٕ ژھرٹہٕ کران زنتہٕ مُتر یا مبرأ سس۔ ''خبر کیتہِ موٗدیہِ کولل'' اُژر کار

رٕ دُس نہٕ پانس تام تہٕ دزان دزان لۄگ ہیرِ وسنہِ۔ تہندِ ن گۄ بِہن گۄ بِہن قدمن ہٕنٛز آواز گیہِ غائب۔

''خودایا...... مےٚ بچاو سا ووٚنی'' رَاسکولنکافن مُژ رووِ اِی ونان ونان درواز۔ کُنہِ کِنی گیس نہٕ کانٛہہ آواز کنن تہٕ کینٛہہ سونچنہٕ کرنہٕ ورٲے کۄرُن درواز بند تہٕ ہیوٚتُن بۄ ن وُسن۔

''یتھُے رَاسکولنکاف تریٚمِس پوٚہرِس پیٹھ ووت تس گیہِ بُنیٚ کِنی کتھ گتھ کنن۔ ووٚنی کۄت گژھِ ہے۔ کُنہِ کُن اَسس نہٕ ژھیپ دِنس جاے...... تمی ہیٚژ یو واپس بُچہِ ہٕندِس فلیٹس کُن کھسُن۔ زِ بُنی کِنی اوس ''رٕژٕ ونو ...... رٕژٕ ونو ...... گری وسو تھپ ہو''۔ گژھان۔

ٲستی وزاو گُستام بُنمہِ اکہِ فلیٹہٕ منٛز تہٕ لۄگ تیز تیز گیوٚن لہرِ ماران ہیرِ وسنہِ۔ شاید لۄ گُس ٹھۄنٛگر تہٕ کینٛژن پاوٕ بن گۄ وڈُلہِ۔

''مِٹکا...... مِٹکا ہو مِٹکا...... مِٹکا پیاری ہا مِٹکا! ہے ژےٚ خوداہ ترٕ ژھٕنُن!''۔

کستان آلو کران کران گیہِ آنگنس تام یہِ آواز بند تہٕ امہِ پتہٕ گیہِ نہٕ آنگنہٕ اندرٕ کانٛہہ کتھ کنن۔ ژۄ پاسے اَس ژھۄپہ۔ مگر رژھ کھنڈ گژھتھے لگی کینٛہہ نفر بڈٕ بڈٕ کتھٕ کران کران ہیرِ کھسنہِ۔ کم از کم آسہٕ ہن ترےٚ یا ژور نفر تم۔ یہنٛزن کتھن منٛز پریٚزنٲو رَاسکولنکافن نوجوانہٕ سنٛز موٚدھر تہٕ خوشہِ ووٚنی آواز۔

''اچھا...... گۄتہٕ اَے یِم''

رَاسکولنکاف گۄ ومویوٚس تہٕ تقدیرس پان پٔشرٲوِتھ ہیوٚتُن ''وُچھو کیا بنہِ'' سوٚنچتھ ہیرِ وُسن۔ کیازِ اگر تم رُکاوہٕنس یا نیرنہٕ تہٕ دِہنس...... دوشونی صوٚرتن منٛز اوسُس خطرٕ تمن رۄزِ ہے سہ ضرور رونہِ...... ووٚنی اوسنہٕ یِمن درمیان زیادٕ فاصلہٕ...... اکھ فلیٹ

اوس منزٕ تہٕ بس...... مگر رَاسکولنکافس آو انہن اُچھن گاش۔ تمی وُچھ پانس کھووری سہٕ کمرٕ ییلے بیتِہ اُدی رنگ ساز کام کران اُسی۔ شاید اُسی وُنی رژھ کھنٹھ بروٚنہہ ییے رنگ ساز ہیرِ وسان تہٕ کربکہٕ ناد کران۔ رَاسکولنکافن ژٕھنٛز ووٚٹھ اُتھی کمرس منز ییمہِ چھن لبن ہُند رنگ اوٚ درٕے تہٕ مُشک ژھٹان اوس۔ کمرس منز باگ اُس اکھ بانہٕ کھنٹھ تہٕ موجوٗد دیتھ منز رنگ تہٕ بُرش اوس۔ تمی کھسکھاوٗ تیرٕ کی پاٹھی درواژس پتھ کُن۔ تہٕ تیٚتس کالس منز واُتی یِنہٕ وألی وُٹس اندر تہٕ پھیری ژوٗرمہِ پوٚہرچِہ ہیرِ کُن۔ تم اُسی زورٕ زورٕ کتھٕ کران۔ رَاسکولنکاف پرارِیو تیٚتس کالس تم ہیٚور واُتی تہٕ لوٚت لوٚت دراو کمرٕ منزٕ نبر تہٕ موٚچھِ زٕ وُٹتھ واُجن ہیرن کُنی دَو۔

ووٚنی نہ اوس ہیرن پیٹھٕ کانہہ تہٕ نہ بجہِ برنہٕ پیٹھے۔ یتھٕ کُنی دراو سہٕ پھرٕ یٹہٕ پھرٕ یٹہٕ کہِ امہِ حالہٕ منزٕ تہٕ پھیوٗ رکھووِرطرٕ فکس کوچس کُن۔

ووٚنی اوس تس پوٗرٕ پاٹھی یقین زِ تم آسن بجہِ ہُندِس فلیٹس منز ژاٚمتی تہٕ سونچان اوس زِ درواژٕ ییلے وُچھِت کِتیاہ حأران آسن تم گاٚمتی تہٕ لاش پیٹھ نظر پیٚتھ کرن تم سیوٚد پاٹھی اندازٕ زِ خوٗنی اوس وُنی منٹ کھنٹھ بروٚنہہ کمرے منزٕ ییلہِ درواژٕ اُندرٕ کنی بند اوس۔ تہٕ خبر کور کُن ژھیٚپ دِتھ گوو سہٕ پان بچاونس اندر کامیاب۔ تم ہیٚکن یہِ اندازٕ تہٕ لگاٚوتھ زِ ییلہٕ تم ہیٚور کُن کھسان اُسی تِتھی دوران اوس خوٗنی کمرس اندر ژھیٚپ دِتھ۔ مگر امہِ باوجوٗد دٕتلنہٕ تمی قدم تیز۔ تمی بوٚرنہٕ ولیہ زِ تم ماسیٚدن پتہٕ حالانکہِ دوٚیم موڈ اوس وُنہِ الہٕ پلہٕ اکھ ہتھ گز دوٗر۔ "بہتر چھُ کُنہٕ کُن ژھیپ دِنی، تہٕ کُنہِ محفوٗظ کوچس منزٕ شانکہٕ روژن زِ کتہٕ ووٚتھِ کتہٕ بیٚہہِ۔ نہ نہ مے کیافأیدٕ چھُ! تیلہِ پزِمے ملکوٗ کُنہِ کُن دأرِتھ دِنی تہٕ سوأری ژھارٕنی؟ نہ نہ تتہٕ چھنہٕ جان!"۔

بہر حال تہٕ ووت سہٕ اِی سونچان سونچان موڈس پیٹھ مگر موڈی ہتوٗ کوٗٹھو۔ موڈ پھِرتھ اوس سہٕ ووٚنی کم زیادٕ محفوٗظ۔ تس گیہِ ستھ ہش کیا زِ یہِ کوچہ اوس لوٚکوٗ ستی

ژیٚلتھ۔ تہٕ سہٕ گوٚوزنتہٕ تِتھے کنٕز لۄکن منٛز غاۓب ییٚتھہٕ کنٕز سکہٕ شاٹھس منٛز بیول چھُ غاب گژھان۔ مگر یوسہٕ حالت تس اوٚ تام واتان واتان سپز تمہٕ اوس تس زۄ کوٚ ڈُمت۔ سہٕ اوس گیپران گیپران تہٕ مٔری مٔری قدم تُلان۔ تس اوس عاٗرق شرانہٕ وسان۔ کالر اوسُس اوڈرآپ گومُت...... ''کیا ساخو جاد چھِ رس گوٚ ژھنا کمی چیٚون'' تِتھے سہٕ کوٚلہٕ ڈٔنڈِس پیٚٹھ ووت کمی تام لاٗئنس کرٛ کھ۔

تس اٗس زن دِہماغس وُنل کھٔرِ ژمژ سہٕ اوس خودفراموشی ہٕنٛدِس عالمس منٛز تہٕ یِوٚتاہ سہٕ بروٚنہہ پکان گوٚ وتیوٚتاہ رووتس اٗندی پکِیک خیال۔ امایہ گتھ اٗسس یاد زِ ییٚلہٕ سہٕ کوٚلہٕ بٔٹھِ پیٚٹھی پکنہٕ لۄگ تس آو اتہٕ موجوٗد گژھتام نفری وُچھتھ حبس زِ ووٚنی ہیٚکہٕ سہٕ پرٛز ناونہٕ ییٚتھ۔ تہٕ فاید چھُ پوٚت پھیرنس منٛزے۔ تہٕ بٔیہ اوس تمی گوٚڈے اٗتی پیٚٹھ واپس پھیرنک خیال کوٚرمُت۔ حالانکہٕ یتھ اوس تھوٚکمُت زِ زنگہٕ آسس نیٖرتھ ژلان مگر توپتہٕ دزٛاوسہٕ ۂلی ۂلی وَتھ بدلاوِتھ تہٕ زِیچھ وتہٕ گرٛکُن۔

ییٚلہٕ سہٕ پننہٕ ڈیٚر عمارٕ ژھنٛزٕ بجہٕ برنہٕ ژاوسہٕ اوس نہٕ حال ہوشس منٛز۔ سہٕ ووت ہیرِ پیٚٹھ تہٕ اٗتی پیٚوتس مکرٕ ہُنٛد ظون۔ مکرٕ واپس پننہٕ جایہٕ تراوِنی اوس ووٚنی تس بوٚڈ مسلہٕ۔ سوال اوس کانٛہہ گوٚ ژھُس نہٕ وُچھن...... چوٚنکہٕ سہٕ ہیٚکہٕ ہےٚ نہٕ مکرٕ پانس نشہٕ تھاٗوِتھ مگر موقعہٕ وُچھِت ہیٚکہٕ ہےٚ کانٛسہٕ ہٕنٛدِس آنگنس منٛز تراٗوِتھ تہٕ آو نہٕ تس ذہنس منٛزے۔ دربان ژنٛزِ کوٹھرِ ہُنٛد درواز اوس وُنی کبس بنٛد مگر گلف اوسُس نہٕ ییٚمہٕ کنٕز فکرِ اوس تران زِ دربان چھُ کوٹھرِ منٛزے مگر رَاسکولنکاف زن اوس پاگل سہٕ دزٛاورِت تہٕ کرٛت وُچھنہٕ وراٗے دژادرٕ کوٹھرِ کُن تہٕ نیوٚن کھرٹ گرٛتھ درواز مژراٗوِتھ۔ باسان اوس یوٚ دوٚے تس دربان ییٚتے پرٛژھِہے ''زِ کیاہ گژھی'' سہٕ پلہٕ ناوبس مکرٕ اتھس کبتھ۔ مگر خوش قسمتی اٗسس زِ دربان اوسنہٕ وُنی کبس تہٕ لتہٕ تہٕ یہٕ بوٚڈ مسلہٕ اندو سبٹھے سہل پاٹھی۔ مکو تھاٗو تمی تِتھے کنہٕ زِنی پھلہٕ منٛز میزس تل کُن۔ سہٕ وُچھنہٕ کانٛسی۔ تہٕ نہٕ

سمکھیوس پتہٕ نِس کمرس تام کھسان کھسانے کانہہ۔ اکھتُے اوس مأکی کینہٕ ہُند گُٹھیک دروازٕ تہٕ بند۔ کمرس منز اژُونے دیُت تٔمی صوفس پٮ۪ٹھ دراز پان دأرِتھ نبند رآیس نہٕ مگر بےٚ خیألی تہٕ خود فراموشی ہٕنڈِس عالمس منز ڈُبیو۔ اگر زن امہِ وِزِ کانہہ تٔہنڈِس کمرس منز اژِہے سہٕ کڈِہے سَتھ سَتھ گز ووٚڈھ تہٕ تِتھے کنہِ دِہے کربکہٕ یتھٕ گٔژ جنگلس منز پکان پکان کانہہ الغأبہ ہاپُت بُتھِ پٮ۪ٹھ دِوان چھُ۔ خیالن ہٕنڈی أنتھٕ روٚس پن أسی تٔہنڈِ دبماغہٕ کِس سوٚتھرِس پٮ۪ٹھ کھسان تہٕ وسان مگر سہٕ ہیوٚ کنہٕ ہزأر ہا کوٗشِش کرنہٕ پتہٕ تہٕ گُنہِ تہِ أکِس تھپ گرِتھ۔



# باب ژٕ

## (۱)

پتھٕ گٕنز رؤ دسہٕ واریاہس وقتس دژاز دِتھ مگر منزی منزی اوس وہ ٹہٕ ہشہِ کڈان' دُبہٕ شونگان یالر بدلاوان تہٕ باسان اوس وُنی وہ تھِ تھوٚد۔ تس تہِ توٚر فکرِ زِ راتھ ہیوٚنی سورٕنی مگر توپتہٕ تہِ وۆ تھنہٕ تھوٚد صوفہٕ پٮ۪ٹھ۔ مالہٕ آسہٕ پھولنس تیار مگر سہٕ اوس وُنتہِ دژاز دِتھ تالوپچہِ گنزران زِ اَتھی اندرِ گیٚس ہاٚبتناک وہ داٚسی کربکھ کٔنن۔ یہِ اٚس نہٕ کاٗنہہ نوٗ گتھ تہٕنزِ دارِ سیٚدِ سیٚو دبونہٕ کنہِ سڑکہِ اوس پرٕتھ راٗ ژھٕنزِ دوٚیہٕ بجہِ پٮ۪ٹھے چچ چچ' نا سترٕاس لبکہٕ تہٕ بےٚ معنی گیٚون لہرن ہُنٛد سخ شور آسان۔ رٚاسکولنکاف گوٚو اَمی کربکہٕ نادٕ سٟتی بیٚدار۔

"اوہو...... شرابیٚو ہیٚوت میخانو اندرٕ نیرُن۔ تمیک مطلب گوٚو زٕ پٮ۪ٹھی چھے بجیمژٕ"۔ تہٕ اَتھی سٟتی زن نیوٗ کٔمی تام صوفہٕ پٮ۪ٹھٕ درسہٕ دِتھ ٹُلتھ۔

"فکری توٚر نہٕ زٕ کربجےٚ یہِ"۔

سہٕ بیوٗٹھ بیٚہہٕ صوفس پٮ۪ٹھ تہٕ یک لخت پٮ۪ییس پٔتمی ساٗری دلیل رژھِ رژھِ یاد ساٗری واقع اَیس اَچھن تل سہٕ آو عجیب کفیٚتس منز ہیٚنہٕ۔

گوڈٕ گوٚو تس وہمہِ زِ سہٕ ماہیٚوتُن پاگل گژھن۔ تیٚخ۔ تس پھٕٹ ترِ کنٛڑی۔ ساٗرسے پانس دیُتنس تیٚخ برِتھ زنتہٕ شینہٕ سرس منز اوس۔ تس باسیے یہِ ترٕاو کٔنی زِ نمدرِ منزٕ ے اوس تس تف کھوٚتمُت تہٕ وہ ونی گیٚس ہنگہٕ منگہٕ تھَرتھَر پاٗدٕ زِ دنٛد ٹکرتہٕ لرِ کانیٚو منزِم کھرٕیٚنوراے اَسی دؤرِ بوزان۔ سہٕ وۆتھ وارٕ وارٕ تھوٚد تہٕ کمرُک درواز مُوراٗ وِتھ دِتُن

گَن ۔ کُنہِ کانٛہہ اوسنہٕ بێدار سارے ٲسی مژٕ نندرِ ۔ سہٕ گوٚو پریشان ہیوٗ تہٕ پننٮ۪س پانس تہٕ کمرِ کِس پژتھ چیزٕس لوٚگ سام ہێنہِ ۔ سونچان اوس زِ سہٕ کتھ شوٚنگ دروازس چھٹکنی تھاونہٕ روٚس تہٕ پلو ہێتھے ۔ حد چھُ زِ ٹوٗپۍ تہٕ اَسن نہٕ کلہٕ پٮ۪ٹھ واجہٕ تہٕ سوا اَسس وسی پیاژ تہٕ ڈُلان ڈُلان اَس فرشس پٮ۪ٹھ تکٮ۪س نزدیک وا تژہٕ ۔ ''توبہ اگرے کانٛہہ کمرس منز ژایو تہٕ مے ہیتھ پانٛژھی وُچھِ ہے سہٕ کیاہ سونچہِ ہے ۔ اِی نا مے چھُ شراب چیوٗمُت تہٕ ............ خار ......؟''

ووٚنی اوس وارِ پانٛژھی گاش آمُت ...... سہٕ دژاو دارِ کُن پننٮ۪ن پلون نظر دِنہٕ زِ کانٛہہ داغ ما چھُکھ لوٚگمُت ۔ پوٚز یژھِ تھرِ تھرِ منز اوسنہٕ یہ سہل ۔ تمۍ کڈۍ اکِہ اکِہ پلونالہٕ تہٕ دِژنکھ وارِ نظر ۔ تمۍ وُچھ اَندری نیبری پلون ٹیبہِ ٹیبہِ تہٕ واٹہٕ واٹہٕ پوٚز وُچھِ وُچھی اوسُس ہێہِ اندیشہٕ روزان ۔ برابر تریٚہ لٹہِ دِژن وارِ پانٛژھی نظر تہٕ پتلوٗنچہٕ ریٚمہٕ مُرہ ہُنز اَکِس دشہِ لگہِ ہتہٕ اکہٕ خوٗنہٕ داغ ورا ے اوسُس سوٗرے لباس داغو نِشہِ مچھ ۔ تمۍ کوٚڈ چندِ منزٕ شژ اکچ تہٕ غٮ۪ن یہ دُشی ژٹتھ تہٕ باقے سوٗرے لباس اوسُس ووٚنی صاف ۔

مگر منزی پیو اَمس یاد زِ بٹوٗ تہٕ بُجہِ ہُنٛدِ صندوٗقہٕ منزٕ کڈمتی چیز چھِ تس وُنہِ چنٛدِ نے منز ۔ تس اوسنہٕ وُنیُس تام یم چیز نبر کڈِتھ کُنہِ جایہِ ژوٗرِ تھاونک خیال تہٕ وو تھمُت ۔ حد چھُ زِ پننٮ۪ن پلون ہُنٛد جاییز ہێنہٕ وِزِ تہٕ آو نہٕ تس یمن چیزن ہُنٛد خیال ۔ ''ووٚن ...... ووٚنی کیاہ بنہِ ؟'' بانبرِ بانبرِ کڈۍ تمۍ چندو منزٕ چیز تہٕ دِتی میزس پٮ۪ٹھ تھاوِتھ ۔ چیز نبر کڈنہٕ پتہٕ پھِر تمۍ چنٛدِ گوٚژِ رِتام نیبر کُن زِ کُنہِ کوٗنس اند رمارٕ و دکینٛہہ ۔ تمۍ وا آتنو چیزن ہُنٛد انبار اَکِس کوٗنس کُن تو تتھ پیٹھ لبہِ ہُنٛد کاغذ تھوٚو دوو تھمُت اوس تہٕ اکھ گگہٕ وور ہیوٗ باسان اوس ۔ تمۍ بری اکِہ اکہ یم چیز تہٕ بٹوٗ اَتھی گگہ وارِس منزٕ تہٕ کاغذ تھوونس ہێنہِ گوڈنکی پانٛژھی ۔ تھوٚو دۍ تتھ دژاو دوٚرِ اَتھ نظر دِنہٕ ۔ اتتھ اوس لبہ وہ پھریار اہیوٗ باسان تہٕ یہ وُچھِتھ گیہٕ تس وہمہٕ ستی کُنی دِنن ''میانہٕ خودایاہ ...... مے کیاسنا چھُ گوٚمُت ؟'' موٚوس

گرٕ ھِتھ لوٗگ سہٕ وُٹھ پھسر ارے کرنہٕ "اُتھی چھاونان ژٔو رِتھاوُن...... سَن چھاتِھے پاٹھی چھپاوان؟"۔

تس اوسنہٕ وہمہٕ گُمانے زِ تِھی چیز پَنُن تس ژٔو رِتھاوِنی تس اوس خیال روپیہٕ انِنگ یمہٕ ژٔو رِتھاونہٕ مُشکل اوسنہٕ۔ نتہٕ ما آسہِ ہے تمی گوڈے کانہہ محفوٗظ جاے وُچھتھ تھاوِمژ۔

"امابہٕ کتھ سنا پیٹھ چھُس خوش؟" سہٕ اوس سونچان...... مےٚ چھبہٕ دراَصل مغزٕ ے کاٗم کران۔ باسان چھُم بہٕ ما پھساوٕ پانے پانٕ"۔ ستھ سوٗرِتھ بیوٗٹھ سہٕ صوفس پیٹھ تہٕ بیہان بیہانے کھڑِس ساری پانس تھرِ۔ بےٚ حسبی منزٕ ے لوٚم تمی وندٕ کوٗٹس یُس پانس نکھے کُرسی پیٹھ اوسس تہٕ پرنہٕ کِنُن دوہن لاگان اوس۔ اگر چہٕ یہ کوٗٹھ رِنیوٗمت اوس تہٕ اند رِم پھنب تہِ نبر دارمُت اوُسس توپتہٕ تہِ اوس وُشنیر دِوان۔ یہے کوٹ وولِ تمی پانس تہٕ وارٕ وارٕ کھڑِس بیٚیہٕ کاٗف تہٕ آو بےٚ خودی ہٕنٛدِس عالمس منز ہیٚنہٕ۔

"یوٚ ہے منٹ پونشہٕ گرٕ ھتھے گوٚ وسہٕ مُہلک تھوٚ دٕ اُتھتھ تہٕ پاگلہٕ سٕنٛدی پاٹھی پلون پھری پھری دونژھ دِنہٕ۔

"بہٕ رکتھ سنا چھُس کینْہہ کرنہٕ کراونہٕ ورٲیی شونگ تراوان۔ مےٚ نے وُنہٕ کوٗٹس رزٕ کوٚرتہِ کھوٗلنہٕ۔ مےٚ...... مےٚ کیازِ گیہٕ یژھ اہم کاٗم مشرب...... یہٕ ...... یہٕ چھُ میانہِ جُرمُک بوٚڈ ثبوٗت"۔

تمی کھوٗل لُمتھ سہٕ رزٕ کوٚر تہٕ ڈٔلی ڈٔلی کرِ نس تلمہٕ تہٕ تراوِٚن شاندس تل دوٚیمِن جندن ستی۔

"ژھینِمتی جندٕ ہیکِن نہٕ کُنہِ تہٕ قمتس منز کانْہہ شک کٔرِتھ۔ زِ ۂٕژ نہٕ...... امہِ ستی رکتھ ہیکہِ کانسہِ شک گرٕ ھتھ"۔ کمرس منز باگ وودنہٕ رٔ زِتھ اوس سہٕ یم لفظ دُہراوان تہٕ اُتھی منز لوٚگ دُبارٕ پانس تہٕ کمرِ کِنُن چیزن تہٕ فرشس غورٕ سان وُچھنہِ زِ کُنہِ قسمُک

کانٛہہ نشان ماچھُ نوٚن۔ یہِ احساس زِلتس چھُنہٕ دمباغ کأم کران تہٕ یاداشت تام اوٚسس دوکھ دِوان ہیوٚتُن تہٕندِس روٗحانی أزی یٚتس منٛز تبدیل گژھُن۔ ''مےٚ...... مےٚ چھُنہٕ باسان زِمیون سزا ہیوٚتُن شروع سپدُن...... بہِ...... بالکل نہٕ...... نہ...... نہ ......یہِ چھُنہٕ میون سزا۔ یہِ چھُ!۔

لتس پٮ۪یہِ تِمن دِشن پٹھ نظر یِم تِمۍ پتلوٗنچہِ مُرِژ چِ یہِ۔ تہٕ رتھ لوراوسٕکھ تِم آسہٕ کمرِس منٛز باگ فرشس پٹھ ننے تہٕ کمرِس منٛز اژن وأرِلس پٮ۪یہِ ہے گوڈے تِمن پٹھ نظر۔ ''مےٚ کیا دلیل سپز'' سہٕ زن اوس جنوٗنس منٛز کربکہٕ دِوان تہٕ پتہٕ گوٚو اَکھ وبکھت خیال تہٕندِس دِمباغس منٛز پأدٕ یہِ زِ شاید اَسی لتس سأری پلور تہٕ ستی بٕرِتھ۔ خبر کتیاہ داغ أسِس یِم نہٕ تِمۍ وُچھِت ہیٚکۍ کیا زِلتس اوسنہٕ دمباغ کأم کران......تہٕند سوٗنچ اوس زَن سوٚسر یوٗمُت...... دمباغس زَن أسِس وُنل گھٕژ مژ...... أتھی انٛدر رٮ۪پوس یاد زِبٹوس تہٕ گوٚوھِ خوٗن لأرِتھ آسُن۔

''افسوٗس تٮ۪لہِ گژھِ مےٚ چندس تہٕ خوٗن لور آسُن کیاز چندس تھاونہٕ وِزاوس بٹوٕ اوڈر!''

یکدم کڈ تِمۍ چندٕ گوٚڑ رنبر تہٕ اتھ أسی پڑی خوٗنکۍ داغ تہٕ خوٗنہٕ ستی اوس اَتھ بٹوٗک نقشہٕ توٚرمُت۔

گوٚو میون ظوٗن چھُنہٕ وُنہِ موٚردٕ۔ بہٕ چھُس وُنہِ تہٕ سوٗنچتھ ہیٚکان تہٕ یاداشت تہِ چھُم کأم کران''۔ تِمۍ تروو زیوٗٹھ وٕش تہٕ اطمینانہٕ سان کوٚڈُن کاڈ'' دراصل آیہِ مےٚ تپہٕ ستی کمزوٗری تہٕ یہِ غنوٗدگی چھےٚ عارضی۔ پانس لوٚگ دِلاسہٕ دِنہِ۔

تِمۍ نیوٗ پتلوٗن چندن ہُند استر کپٹِتھ تہٕ یِتس کالس منٛز پٮ۪یہِ آفتابہٕ زٕژ أہنٛدِس بوٗلس پٹھ۔ کھوٗرک پنجہٕ اوٚسبس ژھینٛمتہِ بوٗٹہٕ منٛزی نبر دراُمت تہٕ باسیوس موزس تہِ چھےٚ رتہٕ ٹیٚچہِ لاریمژ۔ کھورو منٛزٕ کوٚڈُن فوراً بوٗٹ تہٕ پڑی أسِس جوٚراٮ۪بس رتہٕ داغ بلکہِ اوٚسس جوراَبک پنجہٕ رتس منٛز بوٗڈیوٗمُت۔ دراصل آسہِ ہے سہٕ بےٚ خبری منٛز تھَتھ رتہٕ

تلاوس منٛز وۄتھمٕت ...... "مگر وۄ وۄنی ...... وۄنی کیا کرٕ بہٕ اتھ؟ یمہٕ رتہٕ بٕرتھ دشہٕ ...... موزٕ تہٕ چندٕک استر کور کُن ترا او بہٕ؟"

یم ساری چیز گری تمی اتھس منٛز جماہ تہٕ رۄ دبینہٕ سیٖ منٛز کمرس وۄدنہٕ۔

"بہٕ تراو نا یم ہوتھ دانہٕ گگس منٛز؟" مگر تم کرن ساری برونٛہہ دانٕسے سُر پھلبن تام تلاشی۔ تیٖلہٕ گیہٕ یم زأنتھ زٕھنٛز ...... تہٕ چھُ ٹھیک ...... م ...... مگر مےٚ نےٚ چھےٚ نہٕ تُج تہٕ بہٕ کمہٕ ستی زالکھ؟ تیٖلہٕ چھُ بہتر دۄرٕ کُنہٕ کُن دأرتھ دِنی۔ آ ...... تِ چھُ بہتر نمبر نیرنہٕ وِزٕ گیہٕ یم دأرِتھ دِنی "پٔنٛز لفظ دُبارٕ ونان ونان بیوٚٹھ سہٕ صوفس پیٹھ "نہٕ وکھ پزٕ نہٕ ضایع کرُن ...... تیٖلہٕ ...... تیٖلہٕ گوٚ ویٚن فوراً یہٕ نیاے موکلاوِتھ ......"۔

مگرتھوٚ دوتھنہٕ بجایہٕ ترووُن کلہٕ تگیٖس پیٹھ۔ ستی زن آوشینہٕ سرس منٛز ہینہٕ تہٕ ہیوٚتُن ہیٚنہٕ گرم کوٹ پیٹھ۔

واریاہس وقتس بلکہٕ کینٛژن گنٹن تام رۄدسہٕ سونچان بہتر چھُ فوراً یم ثبوت دفع کرٕنی۔ بہتر چھُ اورے یُن گوڈٕ ...... "آ ...... تِ چھُ بہتر" تہٕ کینٛژ پھرِ ہیوٚتُن وو تھُن تہٕ مگر ہیوٚ کنہٕ ؤتھتھ۔

أخر کاروٚتھ سہٕ یتہٕ دروازس اندا اُند دُبارے گرٕھان اَسس۔ "ہے بر کھولسا ہے ...... مٔشراوسہٕ بر ...... زندے تہٕ چھُکھ ساکنہٕ موٚدمُت؟ فقط چھُ أتی شو ٹنگتھی آسان، نستا سیہ اُس دروازس دوٚگ دوٚگ دِوان ونان۔ "ہوٚنی ہندی پأٹھی چھُکھ ننبد رترا وان تہٕ دوہی دوٚہس دبہٕ لرٕ آسان۔ ہوٚنے چھُکھ تہٕ ژکہٕ۔ ہے ژےٚ چھی نا ساونان بٔر مٔشراو۔ داھسا بجے یہٕ۔ خیالے چھےٚ نہٕ گرٕھان"۔

"دٔلی کہٕ نہٕ أندرٕ آسہٕ" مردٕ آوازِ ووٚن تس۔

"ہاں ...... یہ ...... یہ چھُ دربان ...... أمِس کیا سنا گرٕھ ِ؟"

گُنی وۄٹہٕ وۄتھ تہٕ بیوٚٹھ صوفس پیٹھ۔ وأنج اُسس دُبرایہٕ ستی کوٚرنہٕ یوان۔

"نساتیلہٕ، کتھ آسہٕ ہے کمرٕ أندٕ رِ ژِ کنٛی بنٛد۔ نستاسیہ ؤ ژھ دربانس درجواب۔

"یہٕ چھُ درواز بنٛد کٔرتھ ژ ؤ رِ بیہان۔ ہے ہیے کانٛہہ ماور غلا ویس۔ ہیے تلہٕ سا برمُو راوراتہٕ موغلا...... بیوقوف"۔

"یمن کیاسنا گژھِ؟ خاصکر دربان کیاز چھُ مے ژھاران؟ شاید چھُ سوٗرے قصہٕ نتیومُت۔ مُژراوکھ بر کِنہٕ نہٕ؟ بہتر چھُ مُژراوو کھ وُچھو کیاہ بنہِ!"

رژھا تھوٚد پہن ؤ تتھ نیمیو سہٕ تہٕ مُژراوٕن چھُنٛژٕ۔ کمرٕ اوس یوٚت لوٚکٹ زِ صوفس پیٹھ بہتھے مژ روؤن درواز۔ دربان تہٕ نستاسیہ آسی دروازس پیٹھ اِستادٕ۔

نستاسیہ اُس تس عجیب پاٹھی وُچھان تہٕ رَاسکولنکاف اوس مویوٚس تہٕ نیم خیالی اندر دربانہٕ سنٛدِس بتھس مُدے گنٛڈتھ تیمی کینٛہہ وننہٕ کرنہٕ ورآے اکھ لفافہٕ پلہٕ نوٗ وس یتھ گونٛد ستی واٹھ کٔرتھ تہٕ پیٹھ موہر لگتھ اُس۔

رَاسکولنکاف سنٛزن نظرن ہُنٛد مطلب سمجھتھ وونس تٔمی۔

"یہٕ چھے دفترٕ پیٹھ نوٹس وأ ژمژ"

"دفترٕ پیٹھ! کمہٕ دفترٕ پیٹھ؟"

"تہٕ کیاہ مانہٕ گوٚو کمہٕ دفترٕ پیٹھ۔ نتہٕ چھے ناپتاہ۔ پُلسہٕ دفترٕ پیٹھ۔ تمو چھکھ تھانس طلب کوٚرمُت!"۔

"تھ...... تھانس منز...... اما کیاز......"

"مے کیاہ پتاہ چھُ! تہٕ وننے تٔی۔ ژھورمُت چھُکھ تہٕ گژھ تہٕ"۔ دربانن وُچھ تس غورٕ سان تہٕ کمرس اکھ نظر اکٔرتھ دژ اوو واپس۔ "یہٕ چھُ از زیادے بمار" نستاسیہن وَوٚن ہمدردٕ سنٛدی پاٹھی تہنٛدِ بُتھِ پیٹھ نظر ڈالنہٕ ورآے۔ دربانن تہِ دِژ پوٚت نظر۔ ٲمِس بچارس ووت اوترٕ پیٹھ بمار" تمہٕ ووٚن مزید۔

رَاسکولنکافن دیُت نہٕ اورکُن کانٛہہ توجہ تہٕ کاغذاتھس کیٚتھ رٹتھ کرن موٚتھ

بند امایہِ کھوٗلِن نہٕ کینٛہہ۔ ’’موٚ ساوٚتھ تھوٚ دکوٗت پٕھے گرٕھٕن‘‘ نستا سیہن وۆنٛنس تہٕ تِھے تمہِ سہٕ صوفہٕ پٮ۪ٹھ کھور بون والان وُچھ۔ ’’ژٕ چھُکھ بیمار! از گرٕھی زِنہٕ۔ تیٚژ بانبرٕنٛچ گتھ چھِنہٕ۔ تیوٚت کیاہ مسلہٕ آسہِ‘‘؟

رٲسکولن کافس پٮ۪ٹھ نظرٕ ژھنِس اَتھس پٮ۪ٹھ۔ یتھ منٛز پتلوٗنس ژٕچہِ ہٕزرتہٕ بُرژِ دشہِ آس، چندٕ گوژ رتہٕ موزٕ۔ یتھ کنٛز اوس باسان ژِتس اُس یِم چیز اَتھس منٛز ہیتھے نندر پیأمژ۔ پتہٕ پیوٚتس یاد زِ تپس دوران اوس سہٕ نیم خٲبی ہٕنٛدِس عالمس منٛز یِیلہِ یِم چیز جماہ گرِتھ موٚچھِ منٛز تھاوِیِن۔ تہٕ تِتھے پأٹھی اُسس پتہٕ نندر کھٔژ ہٕژ۔

’’یِم کیاہ سہٕ چھی جندٕ پینتی اَتھس منٛز۔ یِم ہیتھے اوسکھ شوگتھ؟ چیز گری زِیکھ تھپ۔ زنتہٕ کانٛہہ خزانہٕ اَتھس منٛز چھے ......‘‘ نستا سیوٚ ژٕھس تھدِ اَسان اَسان۔

تمی بُری یِم چیز اکہِ اکہِ بڈٕ کوٹہٕ تلی۔ تہٕ مانہٕ بُرژو نظر ووٚچھن نستا سیہس کُن۔ تہٕ سونچان اوس زِ لوٗکھ کرٕنہٕ تس ستی تِتھٕ پأٹھی سلوٗک یُس گرفتار گرٕھٕن وول اوس۔ ’’مگر ...... پلسہٕ محکمہٕ‘‘؟ ’’مےٚ چھ باسان ژٕچھےٚ چایہِ پیالا ......وَن؟ مےٚ چھےٚ چاے موجوٗد بہٕ اَنے تیلہِ‘‘

’’نہٕ ...... نہٕ بۍ دژاس ...... بۍ گرٕھ گوڈٕ اوٚری‘‘۔ اتھٕ صوفس دِتھ ہیوٚت تمی تھوٚد ووٚتھن۔

’’مجبوٗری کیاہ چھے؟ ژٕے چھے نہٕ ہیرن وَسنس سوٗمب توٚژھ‘‘

’’مگر گرٕھٕن چھ ضروٗری‘‘۔

’’خٲر مرضی چھےٚ پٮ۪نٕنۍ‘‘ تہٕ سوٚتہٕ دژایہِ دربانس پتے۔ سہٕ گوٚ وبٮ۪یہِ گاشس کُن پٮ۪نٕنۍ موزٕ تہٕ جندٕ پلوٚ وُچھنہِ۔

’’اوٚہ مےٚ چھِ پلون واریاہ داغ۔ ووٚنگوٚ دٕ رِچھنہٕ شاید بوزنہٕ یوان۔ یِم چھ ووٚنی گہ اِتی تہٕ یِمن چھےٚ لٔژھ گوٚ موٚ ییمہِ کنٛز رنگ تہٕ بدلیومُت چھُکھ۔ اگرے کانٛسہِ کُنہِ

قسمک کانٛہہ شک آسنہٕ تیلہٕ ہیکن نہٕ پرٕزناونہٕ یتھ۔ شُکر خوٗدایس گُن نستا سیٹھس تہٕ آسن نہٕ یِم داغ بوزنہٕ آمتی" تہٕ امہٕ پتہٕ ژٕٹی کانٛہہ نیمتیو اتھولفافٕ مُہر تہٕ لۄگ نوٹس پرنہٕ۔ تٔمۍ پٔریہٕ واریاہہٕ پھِرِ یۄ تام زِ فکرِ ترٕس۔ یہٕ اُس معمۄلی سَمن تہٕ اَمی دۄہہ اوسُس ساڈِ نوِ بجہٕ سُپر انٹنڈنٹ سٕندِس دفترس اندر واتُن۔

"مگر چھُ کیاہ سپُد مُت؟ بٕ نٔے وُنیُس تام زانٛہہ پُلسہٕ وانٕس لۄ گمُت چھُس۔ بیٚیہ اٚزی کیازِ چھُہس طلب کۄرمُت؟" تس پیو وحشت تہٕ لۄگ گٔلی گنڈِتھ دُعا منگنہٕ ......"میانہٕ خوٗدایا یہِ کینٛہ اسپدُ ن چھُ تہٕ اٚنز راو جلد"۔

تٔمۍ ہیوٚت دُعا منگنہٕ بابتھ سُجد کرُن زِ ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ ژۄلُس اُسُن نیرِتھ...... سُجدِ دِنِکس خیالس پتھ نہٕ بلکہٕ پاٚنی پانس پتھ۔

تٔمۍ ہیٚتی بانبرِ بانبرِ پلولائگنہٕ تہٕ سونچان اوس......"اگر مے بربٲدی قسمتس آسہٕ تتھ گٔس بدلاوِ۔ تقدیرس نشہِ چھا ژلُن ضأبِط! یہٕ مے لأنس باگہٕ آسہٕ تتھ چھُس نہٕ بٕ ڈران۔ مرُن آسہٕ تہٕ یہ گٔس مسلہٕ چھُ؟ جۄرلبہٕ لاگا بٕ کِنہٕ نہٕ؟"......مٔنزی گۄوتس تشویشہٕ لاحق۔ "اَتھ منز کیاہ حرج چھُ۔ اکھُتے کھسبس لرٕ ہ تہٕ وارٕ گرچھنس داغ غأب۔ مگر یتھے جۄرلبہٕ کھورن ژھُٹُن۔ تس باسیو بیٚیہ دَم ہیو گژھان تہٕ وحشتہٕ ستی کوٗڈُن دٔستی بیٚیہ نبر تہٕ مۄزٕ نبر کڈِتھ پیوٚتس ژیٚتس زِ بدلاونہٕ خأطرٕ چھُس نہٕ بیاکھ جۄرلبہٕ تہٕ اوٚ مۄکھ لوگُن بیٚیہ کھوٚرن۔ پتِمین حرکژن پتھ آس بیٚیہ اُسُن۔

"زنتہٕ جۄرلبہٕ بیٚیہ کُہٕی لاگان چھُنہٕ۔ ووٚنی گٔس سنہٕ گۄڈٕ میأنس جۄرابس"۔ تس آو ذٕہنکین بالاخانن منز یہِ خیال تمہٕ وِزِ یێلہٕ تس سورٕے پان پنہٕ وٕتھرِ کی پأٹھی الان اوس۔

"کھوژُن ترٲوِتھ چھُ بہتر جۄرلبہٕ لاگُن" تٔمۍ ہیٚیو اُسُن مگر یہِ اَسَن گرائے گیہ موہۄسی منز تبدیل۔

"یہ چھہٕ سراسر زیادتی مےٚ ستی ......" تمی سوٗنچ۔ زنگن ژاینس ٹٔنٹھ" ووہ تپ چھُنہٕ مےٚ ہمت برابر تھاوان۔ تس ہیوٚتُن کلس گیوٚر کھسُن تہٕ دود ووتھن۔ "دراصل چھےٚ مےٚ ستی چال گندنہٕ یوان۔ تمہِ چھہٕ شاید مےٚ پھساوُن یژھان۔ تہٕ مے عاجز کرُن یژھان"۔ تس آو ہیرِ پأوِس پتھ قدم تراوان تراوان خیال زِ ساری کھوتہٕ بوٚڈ مُشکل چھُ "بہٕ چھُس نہٕ جبسن منز ...... یمہِ کنہ ووٗرشوٗرتہٕ ونان چھُس۔ بہٕ گوٚ ژھُس نہٕ کانٛہہ نادأنی کرُن ...... کانٛہہ ژٕ رگوٚ ژھنہٕ نیرِ تھ ژلُن ......"۔

ہیرِ پٔتھے پیوٚتس یتہٕ یاد زِ سہٕ لوٗگ تمہِ ساری چیز لبہٕ ہٕنٛدِس گگہٕ وأرِس منز تتھے کُنہ ترأوِتھ نیرنہٕ۔ "بنان چھُ تمہِ ما آسن میانہٕ غأر حاضری منز کمرِچ تلأشی کرٕنی یژھان"۔ یہٕ سونچان سونچان گوٚو سہٕ زن رہتھ۔ اما پوٚز تس گیہ ترٛٹھ موٚہسی تہٕ ناوومیدی غألب زِ پتٕنہٕ زوٗک تہٕ روٗدُس نہٕ ولیہ تہٕ نرِ گلہٕ نأوِتھ دژاو گنی ہیٹہٕ ...... "مےٚ پزِ یہ قصہ فوراً أتھ زراوُن"۔

بازرٕ أس أزتہٕ تاپہٕ ژٔنڈ۔ روٗدٕ قطرِ تہٕ اوسنہٕ پٔتمِن دوٚہن پیومُت۔ سڑکن اوس دہ ووتھان، ہوا اوس اولوٗدٕ، دُکانن تہٕ شراب خانن ہُنٛز بدبوٚ أس ژھٹہٕ ماران۔ مٕغز باختہٕ شرأبی پٔڑ وألی تہٕ پھیرِ وألی بیترِ أسی زورٕ زورٕ کربکہٕ دِوان۔ توٚت تاپہ اوسُس دُ ژیوت کران۔ أچھ آسس دوکھٕ دِوان تہٕ کلس ہیوٚتنس گیوٚرِیٚن۔ تاپھ تہٕ تپ اوسُس جانہِ منس اتنان۔ سہٕ یٔلہِ تتھی موڈس نشہِ وأتتھ تتھ کوچس کُن پکنہِ لوٚگ ...... تمی ترأو وحشت بٔرِ ژٕ نظر ...... تتھ مکانس کُن۔ ترِ کنڈی پھٔٹس تہٕ نظر ہٹأوِتھ لوٚگ بروٚنہہ کُن پکنہٕ۔ "اگر مےٚ تمو کینٛہہ پرٕژھ۔ بہٕ وَنکھ صاف صاف سورُے"۔ تھانس نزدیک وأتتھ اوس سونچان۔

تھانہٕ اوس أہندِ گرِ پٔتھ مِیلک ژوٗبا گادوٗر۔ یہ اوس حالے أکس نوِ عمارژ ہُنٛدس ژوٗرمس پوٚہرس منز منتقل کرنہٕ آمت۔ پرأنس تھانس منز اوس سہٕ کمہِ تام کامہِ

خاطرٕ واریاہ کال برۄنہہ رژھِ کھنجہٕ گومُت۔ پانس برۄنہہ برۄنہہ وُچھن مُستام کرِتھس منٛز کتابہٕ ژٹِتھ ہیرِ کھسان۔

''یہ گۄسترٛی سُند پوئنٹ' مطلب تیلہِ آسہِ یہوے تھانہٕ'' اندازٕ مطابق لۄگ سہٕ ہیرن کھسنہِ۔ اتہِ أسی واریاہ لۄکھ أندرٕ نمبر اورٕ یور کران مگر سہٕ اوسنہٕ کانٛسہِ ستی کتھ کرِنی یژھان تہٕ اۄکنی پرژھن نہٕ کانٛسہِ تھانٛک پے۔ ''بہتر چھُ اند رأژتھے سرخم کرِتھ اقبالِ جُرم کرُن......'' ژۄرمِس تہس پیٹھ وأتتھ سۄنٛچ تمی۔

''ہیرِ پأوی أسی تنٛگ تہٕ وَسہٕ وِنی۔ أتھ أس گنٛدٕ آبہٕ ستی لۄ گامژ تہٕ اۄکنی اوسُس حبس کرِتھ پکُن پیوان۔ مکانٛکس پرِتھ پۄہرس پیٹھ اوس ہیرِ کھسہٕ وُنے چاے خانہٕ یم شاید دۄہی دۄہس یلے آسہن روزان اۄکنی أس اتہِ بدبۄ تہٕ گرمہ ژنجہِ یوان۔ اردلی أسی فائیلہٕ اورٕ یور پکہٕ ناوان۔ پُلسہٕ وألی تہٕ مختلف لۄکھ زنہِ کیٛومرٕ دأسی وُٹس منٛز لتہٕ گتھ کران۔ دفترُک دروازٕ اوس یلے یتتھ کینٛہہ گریسی اند راژنہٕ باپتھ پننہٕ وارِ پراران أسی۔ اتتھ تہِ أسی زن نارٕ لمبکھ نیران تہٕ کمرٕ سجاونہٕ باپتھ حالے کرنہٕ آمتہِ آیل پیپنٛچ بۄے أس جیرٕ انان۔

رَاسکولنکاف ژاورَژھا پرارنہٕ پتہٕ نادٕ ورأے دۄیمس کمرس منٛز یُس سبٹھے تنٛگ تہٕ بون اوس۔ رَاسکولنکافس اوس وہمہٕ ستی پھریٹ گژھنٛک خطرٕ۔ کانٛسہِ دفتری دیُت نہٕ تس کُن توجہ۔ کمرس اند رموجۄد کلرک أسی نہٕ لباسہٕ رنٛگی تھدِ کھوتہٕ کینٛہہ اعلیٰ پایہِ۔ سہٕ اوس تمن کموتام نظر وُچھان مگر تم أسی پننہٕ کامہِ ستی مست تہٕ أخرس گۄ وسہٕ یموٚ منٛزٕ أکِس برۄنہہ کُن۔

''کیاہ گژھی؟'' کلرکن پرژھنس بُتھ ژکرأوِتھ۔ تمی ہأونس نوٹس۔

نوٹسہِ نظر دِتھ وۄ تھس سہٕ ''ژٕ چھُکھٕ پران؟''

''اوسُس...... برۄنہہ اوسُس پران''۔

کلرکن گرنس گنہٕ خاص دلچسپی وراۓ سرسری نظراتھ لوگ قلمس زیر دِنہٕ۔
کلرک اوس یتھٕ کنہٕ شکس لدی باسان مگر أچھن اندر اوسُس تکبرٕنٕی پأٹھی پرپڈان۔
''یمس نشہٕ نیر نہٕ کینہہ تہٕ شاید۔ یہ چھُ حال واحوالہٕ نشہٕ بیزار ے باسان''۔
رَاسکولنکاف اوس أندری کنی سونچان تہٕ کلرکن وۄنس دۄیمس کمرس کُن اشارٕ ہأوِتھ۔
''ژٕ گژھ ساہۄمِس ہیڈ کلرس نشہٕ''
رَاسکولنکاف دژاو ہیڈ کلرکہٕ ہِندِس کمرس کُن ...... دراصل أسی تہٕ أکس بڈِس ہالس منز لوکٕ کٕژ لوکٕ کٕژ کمرٕ گنڈنہٕ آمتی۔ تہٕ ہیڈ کلرک اوس ژۄرمِس کمرس منز بیہان۔ تہندِس کمرس منز أسی لوکھ انچارٕ کی پأٹھی ژٕبل دِتھ۔ کمرس منز یم دۄیم کلرک أسی تہنٛد لباس اوس نبرٕ مبٕن کلرکن ہٕندِ کھوتہٕ بہتر اما تہٕ یمہٕ زٕ زنہٕ آسہٕ تمو منز اوس أکس وُستھے پوشاک نالی۔ سو أس آفس سُپر انٹنڈنٹس مقابل بہتھ ڈِکٹیشن رٹان۔ دۄیم خوتون أس میزس دۄیمہٕ طرفہٕ ووٚدنہٕ کتھ تام پراران۔ یہ زن سیۄد فکر تران اوس۔
سو أس أکھ خوشپوش زنانہٕ۔ زرقہٕ برقہٕ کرٕ وِنس لباسس منز اوس تہنٛد بُتھ نپہٕ نپہٕ کران۔ تہٕ باسان اوس زٕ وُنہٕ کڈ سو واریاہ کاڈ۔ أمِس متعلق أس یہ کتھ تہٕ ونٕی لایق زِ تمس آسہٕ بتھس مچھ ٹچہٕ مگر سٕبٹھے شوٗبہٕ دار۔ رَاسکولنکافن ترأ ونوٚٹس ہیڈ کلرکس بروٚنہہ کنہٕ۔ گوڈٕ نوٚٹسہٕ تہٕ پتہٕ رَاسکولنکافس کُن سیٚد سیۄد نظر ترأوِتھ دِتُس تمی رژھا تاب کرنک ہدایت تہٕ پانہٕ لوگ بیہ تس بد رنگی لباسہٕ واجنہٕ خوتونہٕ ڈِکٹیشن دِنہٕ۔
رَاسکولنکافن ترووٚ پھریکھ ''شاید چھے نہٕ سو دلیل''۔ وارٕ وارٕ ہیوتُن تس اندر اعتماد پأد گژھن تہٕ کوشش اوس کران زٕ بتھس پٹھ گژھی نہٕ کُنہٕ قسمکی آثار ووٚتلنی۔
''میأنی معموٗلی نادأنی ...... أکھ رژھ لاپرواہی ہیکہٕ مے قبرٕ وألِتھ! ہم ...... مگر ییٚتہٕ نے ہوا رژھ تہٕ پکان چھے۔ میٚ ہیوٗتُن زن دم گژھن ...... یتھٕ پأٹھی چھُ گیوٗر پِنگ خلم ...... بٔلکہٕ حبس ڈلنگ اندیشہٕ تہٕ''۔

پننہِ أندرمہِ پیچ تأبی تہِ کھل بلی ہُنْد اوس تس پوٚرٕ احساس۔ تس پیٚو وہمہٕ زِ کاشہہ ژرگوٚ ژھنہٕ نیرِ تھ ژُلن تہٕ اِو موٚکھ اوس گُنہِ کُن ظون ڈالُن یژھان مگر اَتھ منز گوٚو نہٕ کامیاب۔ وونگو ہیٚڈ کلرک وُچھنس منز گیہِ تس اندر دلچسپی پأدٕ کیا زِ سہٕ اوس تہنْدِ بُتھِ پیٹھٕ...... پنُن مطلب ژرژُن یژھان۔

ہیڈ کلرک آسہِ ہے وہرِ وُہہِ مگر بُردبأری کِنۍ اوس جوان أستھ تہِ بزرگ باسان۔ پلوأ سِس وقتہٕ کہِ فیشنہٕ مُطأبق تہٕ تہنز ظأہر دأری أس ننۍ باسان۔ مستس اوُسس کنگوٚ کرِتھ اما سُم أسن منز باگ کڈٕمژ۔ سرٕ ژُگے مگر خوشبوٚ دار تیل اوُسن موٚلُمت۔ اونگجن آسن واریاہ واجہِ لاجہٕ مژٕ۔ سوٚنہٕ سنز چین أسس صدرِ پیٹھۍ ننۍ تہٕ نیٚپہٕ کراں۔ أکِس بدیشی نفرس ستی یُس کمرس منز وٚودنی اوس کریٚن فرانسیسی زبأنی منز ترک بہ ترک واریا کتھٕ۔

''میڈم لوٗسی...... بیٚہہ ساپتھَر'' وٚوُن خوش پوش تہٕ وہزلہِ بُتھِچہِ خوتوٗنہِ یوسہٕ وُنہِ تہِ وٚودنی أس۔ سو تہِ أس شاید أتھی پراران تہٕ ''شکریہ'' لفظ وٗنتھ بیٹھ کُرسیہِ پیٹھ سو أس فرانسچ کیا زِ تتھی زبأنی منز کوٚرن بڑٕنرمی تہٕ پیچھٕ سان ''شکریہ''۔ تتھے سو بیٹھۍ توٚ ہنْد نیٚول پوشاک پھألیو۔ تمہِ أس ٕقمتی عطر مجمٕ تہٕ تتھٕ پأٹھی مُشکیو نصفہٕ کھوتہٕ زیادٕ کمرٕ۔ عطرِ ژھٹہٕ پھیرنہٕ ستی ییٚلہِ کمرس اندر بیہن والیٚن ہُنْد ظون تس کُن پھیوٚر سو گیہِ شوٚ وزَد ہش مگر توٚ پتہٕ تہٕ اوُسس بتھِس پیٹھ اُسن۔

ماتمی لباسہٕ واجنہِ لڑکیہِ موٚکلاو پننۍ کأم تہٕ ؤژھ تھوٚد أتھی موقعس پیٹھ ژاوا اَکھ پُلسہٕ افسر گوٚبِ گوٚبِ قدم تراوان کمرس منز۔ سہٕ اوس قدمس قدمس پیٹھ پھیکٕن درسہٕ دِوان۔ ٹوٗپِ میزس پیٹھ تھأوِتھ بیوٹھ کُرسی پیٹھ۔ تتھے پُلسہٕ افسرس پیٹھ فرانسچہِ جوان کورِ نظر پیٚیہِ سو گیہِ یکدم کُرسیہِ پیٹھ تہنْدِس احترامس منز تھوٚد ؤتھتھ اما پوٚز افسرن تُج نہٕ تس کُن أچھ تہِ مگر تس تھی بیٹھ نہٕ سو کُرسیہِ پیٹھ دُبارٕ۔ سہٕ افسر اوس أسسٹنٹ سُپرانٹنڈنٹ

پُلیس۔ کاژرِ گونژھ لأوی أسس کنہٕ پھیرٕن تام شہمار ہوی زِتھی۔ سہٕ اوس بتھی نُر ہیٔ باسان۔ شکلہ وکلہِ تہٕ اُوس نہٕ کینْہہ خاص۔ رَاسکولنکافس گُن ترأوِن بڈ کوک رٕٹتھ نظر۔ اگرچہ رَاسکولنکافس زچہ پلوِے نألی أسی تہٕ مُفلسیے اوس مگر کُجا تہنز شخصیت تہٕ کُجا یہِ افسر تہٕ تس تہٕ کھوت نہٕ ازِچکارس تہٕ تتھٕ گنٔڈنس مُدے زِ افسرس ڈٔلی پنٔز تہٕ ڈبکس دٕرِ ہ کھأرِتھ ووٕنس۔

''ژٕے کیا سا گژھی''؟ تس کھٔژ شاید یمہِ کتھِ ہنز زِ ہ زِ أمِس دوٚن پونسن ۂندِس نفرس کیا زِ پیٚو نہٕ أہنزِ افسری تہٕ أہنٔدِ کوک رٹنگ رُعب۔

''بہٕ چھُس نوٹس سٔوزِتھ طلب کوٚرمُت'' رَاسکولنکاف ووٚتُس در جواب۔

''جناب یہِ چھُ اَکھ طالبِ علم تہٕ پتٕھ چھُس کینْہہ پونسہِ واجِب الادا''......

ہیڈ کلرکن گُر جلد جلد مداخلت کاغذو منٛز اَکھ پرچہ کڈِتھ ترووتھ سہٕ رَاسکولنکافس برٛونْہہ کُن تہٕ ووٕنس امچہ أکس عبارژ کُن اشارٕ ہأوِتھ سہٕ پرٕ نہٕ باپتھ۔

''رقم...... یہِ کُس رقم چھُ مےٚ واجِب الادا...... خأر...... گوٚ وسو دلیل چھنہٕ''......

یتھ خوش گوٚ وزِ اوش آس۔ تس باسیوو نہٕ ووٕنی کُنہِ قسمُک وہمہٕ۔ دِلہٕ پتٕھ ہیٚوتنس بارژلُن تہٕ قرار ییٚن۔ ''تہٕ ژٕے کر بآ گی اوسے ووٕنمُت ییٚن جناب''۔ افسرن ووٚتنس خبر کیا زِ زیادے کھہر نہِ کھٔسِت ''ژٕ اوسکھ نو بجِہ طلب کرنہٕ آمُت یٔیلہِ زَن وُنکبس باہ بجِیہ''۔

''جناب نوٹس رٔٹ مےٚ پنداہ منٹ برٛونْہہ...... یُزِ وٚ''۔ رَاسکولنکافن وو ہتنس ڈبکہٕ ژ کرأوِتھ تھدِ۔ پننہِ اَتھ جرٔعت مندی پتھ اوس رَاسکولنکاف تہٕ حأرانٕے۔ تس تہٕ کھوٚت ہنگہٕ منگہٕ شرارت۔ پننہِ حرکژ پتٕھ گوٚ وسہٕ وسبٹھاہ خوش تہٕ ووٚتنس ''بیٚیہِ چھُو یہِ میأنی مہربأنی زِ تپس منٛز چھُس دزان تہٕ توتہِ سپدُس حأظر''۔

''اَسہِ کوسہٕ مہربأنی چھےٚ۔ کربکہٕ کتھ پتٕھ چھُک دِوان''۔

''بہٕ چھُس نہٕ کربکہٕ دِوان۔ بلکہِ چھُک ژٕے اَسمان نکھس ٹلان۔ بہٕ چھُس

اَکھ طالبِ علم ژٕ ے ماچھے خیال زِ یتہِ چھُ کانٛہہ گریٚس زِ کھوژٕ بم۔ بہٕ چھُس نہٕ برداشت کرن وول زِ کانٛہہ دِیہِ مےٚ دَبارہٕ"۔

"اسٹنٹ سُپرانٹنڈنٹس گوٚ وۄنۍ سخ گرم تہٕ کیاہتام وُٹھ پھسرارے کران گوٚ ویکدم کُرسیہِ پیٹھ کھڑا"۔

"ہے مِسٹر وَٹ سازبو۔ ژٕ ے چھے ناخیالے زِ ژٕ چھُکھ سرکٲری دفترس اندر۔ شرم تہِ چھے نہٕ یوان کربکہٕ دِنہِ"۔

"ژٕ تہِ ہے سرکٲری دفترس منٛزٕ ے چھُکھ ژٕ کیازِ چھُک کربکہٕ دِوان" رَاسکولنکافن تہِ وۄنُس کربکھ دِتھ "بیٚیہِ کیازِ ژٕ بیٚتہِ سگریٹ چوان ژٕ چھُکہٕ اَسہِ کم پایہِ زانان تہٕ رعوبس تل تھاوُن یژھان"۔

رَاسکولنکافس پھوجہِ بوقہٕ زِ اَکس افسرس دیُت نہٕ تُمی کرِت تہٕ کرنہٕ۔ ہیڈ کلرکن ترٲو اَسہِ وِنہِ دہانہٕ تس کُن نظر۔ اسٹنٹ سُپرانٹنڈنٹ گوٚ ویٚتھ چوٚرتہٕ زِتس پیٚیہِ کتھ کرنہٕ باپتھ سخ کوٗشش کرِنی۔

"ژٕ چھُکھ نہٕ تمیک چیٚچہٕ!" افسرس کھرٕ ہیٚٹ رگہٕ یہِ وننان وننان۔ ژٕ کر اقرار نامس پیٹھ دستخط تہٕ کاس پیٚش۔ الیکزنڈا موٚ کلاوُن سایہِ۔ بوزساہیے مِسٹر ژٕ ے پزی نہٕ یہوٚ تۄ کرِنی۔ ژٕ ے خلاف چھےٚ شکایت زِ ژٕ چھُک نہٕ قرضہٕ نکھِ والان۔ ژٕ چھُک قرضہٕ ٹلِتھ دَگ تھاوان"۔

مگر رَاسکولنکاف اوسنہٕ بوزان کیازِ سہٕ اوس وۄنی تُمی پٲٹھی پرچہٕ پران۔ تس تۄرنہٕ فِکرِ زِ معاملہٕ کیاچھُ۔ دوٚیہِ تریہِ پھرِ پرنہٕ پتہٕ وۄتھ ہیڈ کلرکس کُن..... "جناب مےٚ چھُنہٕ فکری تران زِ......"۔

"یہِ چھُ ژٕ ے نشہِ قرضہٕ وُگراونہٕ خاطرِ عدالتک حُکم نامہٕ۔ یُس ژٕ ے ہوٚ نٹ دِتھ نیوٚ مُت چھت یا تہٕ چھے ژٕ ے سوٗرے رقم پیٹھٕ خرچ ہیٚتھ یگ مُشت برُن نتہٕ

چھے اشتام لکھِتھ دیُن زِ یتس کالس اندر رہیکھ نکھ وألتھ۔ امہِ علاو چھے تیلہِ مُچلکہٕ تہٕ دیُن زِ یتِس کالس نہٕ قرضہٕ نکھ وآلکھ توٚ تام کیا ژٕ لکھ نہ راز دأنی ترٲوِتھ۔ مزید ہیکھ نہٕ ژٕ پٔتن کانہہ جاداد کِنتھ یا دباوِتھ۔ وونی چھُ تمہِ سارِ کُے حق چأنس قرض وُگراون وألِس۔ سہٕ ہیکہِ تہٕ سورُے کِنتھ پٔتن رقم وُگرٲوِتھ۔

''مگر مےٚ ......مےٚ چھُنہٕ کأنسہِ ہُند قرضہٕ''۔

''اَسہِ چھُنہٕ تتھ ستی کہنی غرض ......اَسہِ چھُ مصدقہ عدالتی حُکم نامہٕ ژےٚ نِشہِ اَکھ ہتھ پنداہ روپیہ وگراونہٕ خأطرِ ووتمُت۔ یہ زن ژےٚ پتھ وأجب اُلاداچھُ۔ ژےٚ چھےٚ نو 9 رتھ برونہہ موٚنڈِ مکانہٕ مالکِ کینہِ اَکھ ہوٚنڈ لکھِتھ دِژمِژ یوسہٕ تمہِ جناب ٹیشبا روفس نقدس عِوض دِژمِژ چھےٚ۔ تمی چھُ ژےٚ خلاف داوا کوٚرمُت تہٕ تمی مُطأبق آے ژےٚ سمن سوزنہٕ''۔

''مگر یہ چھُس وُنہٕ تسی موٚنڈِ ہِندِس مکانس اندری کرایہِ روزان''

''اِدِ تمہِ ستی کوسہٕ فرق پیہِ اسہِ ؟''

ہیڈ کلرک صابن ترٲو ہمدردی سان تس کُن وُٹھ گمنٲوِتھ نظرا تہٕ ستی اوسُنس فِکرِ تارُن یژھان زِ وُنہِ چھُک ناتجربہ تہٕ افسر سنٛز ژھوٚپہ تہٕ ......تہٕندی روح رُکان اُس تس پرژھان ''کیاہ ساتر پھٔٹیہ؟'' ......مگر رٲ اسکولن کاف کیاہ پرواہ برِ ہے ہوٚنڈ ہُند تہٕ عدالتی حکمنامُک۔ یہ کُس مسلہٕ اوس تیوٚت بوٚڈ تہٕ وونی کرِ ہے اَتھ پتھ سوٚنچ سوٚنچ مغزماری۔ سہٕ سینولبن پتھ لکھنہٕ آمِژ عبارت پرنس۔ منٛزی لوٚگ اَکِس بیٛیس ستی سوال وجواب کرنہِ۔ پننہٕ سلامتی ہِندِ احساسہٕ تہٕ متوقع خطرِ نِشہِ خلاصی لبنہٕ کِنی گوٚوسہٕ یوٚتاہ شاد زِتس رٕو دینہٕ پگہُک کانہہ خیال۔ وونی اوس نہٕ سہٕ وُنہِ قسمکِس وہمس منٛز گرفتار تہٕ نہٕ اَسس کُنہِ قسمٕچ پریشأنی بلکہِ اَسس حقیقی خوشی تہٕ شادمأنی یوٚ تہٕ پھولاوان مگر اَتھی اندر زن وُژھ دفترس اندر رٔنی ہبہ ترٛٹھ۔ اسٹنٹ

سُپر انٹنڈنٹ اوس وُنیس تام رَاسکولنکافنہٕ توہین تہٕ بےٚ عزتی کَنی پننہٕ وٕتھرِ کی پأٹھی الان تہٕ وُٹھ ژاپان۔ سہٕ اوس کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ پٹھ ہاٹھ پھٹراوِتھ پنٕنہِ چھوٚکن مرہم گرِتھ پنٕن وبقار بحال کرُن یژھان۔ سہٕ رڈیو چاق چوبند جوان لڑکیہ یوسہٕ دُنتہٕ افسرس مُدے گنٛڈِتھ اَسان اُس تتھٕ پأٹھی زِسأری گیہ پننہِ پننہِ جایہ روٗزِتھ۔

''ہأی بدمأشی'' افسر وولیو...... (بےٚ رنگہٕ لباسہٕ واجبن کلرک اُس دراموٗ)

''وَن کیاہ اوس چانہِ گرِ یوٗراتھ سپدان؟'' ژےٚ چھے ناشرم تہٕ یوان۔ ژٕ چھکھنہٕ باز پھیرانے۔ محلہٕ کوٗرتھن ژےٚ بدنام تہٕ بزگار۔ سأری محلہٕ وألی چھِ ژےٚ کنجرِ ہُندی کَنی تنگ آمتی۔ تم چھِ ونان چأنس گرس اندر چھِ بیٚتہٕ شرابن ہنٛز لکہٕ لکھ تہٕ فِتنہٕ سأزی آسان۔ ژٕ ہا چھکھ قأدگرِ ژھُن یژھان؟ ژےٚ ما چھے خیال وُنیس تام ترأومکھ دہہٕ لٹہِ تہٕ گُہمہِ پھِرِ تہٕ وُچھے لحاظہٕ...... قطعأنہٕ...... تتھ چھُم قسم کھیوٚمُت وونی ہیٚمے قصاس۔ ژےٚ گرٛژھی ماجہِ ہُند دوٚد پیٚون یاد...... گأنی...... ژےٚ چھیہٕ شرم گنٛزِتھ کھیأموٗ...... بار بار بُتھ دِنس چھکھنہٕ مُنڈ چھان تہٕ...... ژےٚ...... ژےٚ کوٗرمَیہ......................''۔

رَاسکولنکافس پیٚیِ اَتھ منٛز کاغذ وٕسی تہٕ وحشتناک نظر واوس تس یاوُن ژھٹن واجنہِ زنانہِ وُچھان یَس بیٚوایہ پأٹھی وٕتل واَنہٕ آیہ۔ مگر معاملہٕ کَس ژٕکَس ووت وٕلی تہٕ توٗگ لُطف تُلنہِ۔ سہٕ اوس اَسَن کھنگالہٕ ترأوِتھ پننہِ شأدمأنی ہُند باس دِیُن یژھان...... مگر......۔

''ایلیا پیٹرووِچ'' ہیڈ کلرکن ہیٚوٚ یومنٛزِ وٚتھُن اماٚستی گرِن وُٹھن موہر۔ کیاز تس اوس پتاہ تتھس شرارتس منٛز چھنہٕ سہٕ ژھوپہ کرناوُن بڈٕبن بڈٕبن افسرن تہٕ سہل باسان۔

یوٚ تام زن تس زنانہِ ہُند تعلق چھُ گوٚڈٕ وٕژھ تس افسر سٕنٛز وگرایوٚستی تھترأے اماپوٚز تعجب چھُ یوٚ تاہ زیادٕ افسر وولیو تہٕ لکہٕ لکھ کرنہِ لوٗگ تیوٚ تاہ زیادٕ روٗزسو گردن

نۆ مرأ وِتھ تہٕ وُٹھی گُمنأوِتھ افسر سٕندی تِر ویتر اوان تہٕ پنٕنہٕ وٹہٕ کمجارٕ ستی افسرٕ سُند دِل رٔنزِ ناوان۔ مگر اسسٹنٹ سُپر انٹنڈنٹ کھوت امہٕ ستی زیادے رزن تہٕ بڑ ادبہٕ سان آیہٕ سوتس نکھ تہٕ گلی زِ گنڈِتھ رؤ زِ پننہٕ صفائی دینک موقعہٕ ژھاران۔ أخر کار تہٕ آوتس تہٕ موقعہٕ زبو کھولنُک۔

"جناب کپتان صأب۔ میانہٕ گرٕ اوسنہٕ کُنہٕ قسمُک کربکہٕ نادیالڑایہٕ وان" تمہٕ وۆن اکی شاہ زنتہٕ ششتر رِکابہٕ پیٹھ قرٕ پھلی تژاوان أس۔ سو أس ٹھیٹھ رؤسی زبان ورتاوان حالانکہٕ لہجہٕ اوسُس جرمنی۔ جناب کپتان صأب میون گرٕ چھُ یزتھ دار بہٕ چھس نہٕ کانہہ سیکنڈل چلاوان۔ البتہٕ چھُ یزریہٕ زِ سے صاحب آو شراب چیتھ...... اَتھ منز کُس قصوٗر چھُ مےٚ...... میون وطیرٕ گژھنہٕ خراب آسُن۔ بہٕ چھس اکہٕ شریف گرٕچ تہٕ مےٚ چھےٚ پانس تہٕ ناروا کارن ہنز نفرت۔ ووٚنگوسہٕ آوا کھ شراب چیتھ تہٕ بییہٕ منگنٕ مزید ترےٚ بوتلہٕ۔ یِتےٚ اوتنہٕ اَکھ زنگ تجُن تھوٚ دِتہٕ کھورٕ نبٹھٕ ستی ہیوٚتُن پیانو وایُن۔ أکسٕ شریف گرس منز گوٚ ژھنہٕ تہٕ سپدُن تہٕ تمی سورن ژھُن پیانو تہٕ پھٹرأ وِتھ ییٚلہٕ مےٚ تِمس ناسزا حرکژ ونشہٕ پوٚت ہٹنہٕ خأطرٕ وۆن۔ سہٕ خوجہٕ صأب ٹکی تن بوتل تہٕ لوٚگ پژتھ أکس امہٕ کُے ٹاساٹاساترا ونہٕ۔ مےٚ کوٚراَتھ پیٹھ پننس چوکیدرس آلو۔ تِتھےٚ کارل میون آلو بوٗزِتھ آو تمی شرأبی گرِتس نالس تھپ تہٕ بوتلہٕ ہنٕدِ ٹاسہٕ ستی کجےٚ نس أچھ۔ امہٕ علاوٕ دِتُن ٹیٹھو ہس تہٕ أچھ چھو کھ تہٕ مےٚ تراوبن بتھس برابر پانژھ چپأژ۔ جناب کیپٹن صأب پزٕ ہاتس أکس شریف گرس منز تی کرُن۔ مےٚ رؤ دنہٕ تمہٕ ساتہٕ پتولاکن پانس تام کہنی تہٕ مےٚ دِژ کربکہٕ کانژھا کرِنا مےٚ لتس نشہٕ آزاد۔ مگر سہٕ گرِتن کأم نہرٕ اندٕ چ دأ رژھنی ییٚلہٕ تہٕ دارِ پیٹھ بیوٗٹھ سورٕ سٕندی پأٹھی ٹانگہٕ دِنہٕ۔ شوٗٹھ آیہٕ تمہٕ ساتہٕ رَب متھنہٕ۔ تُہی وُنی توپزٕ ہاتس دارِ پیٹھ سورٕ سٕندی پأٹھی ٹانگہٕ رارے کرٕنی۔ کارلن لوٚمنس کوٚلس تہٕ ہیوٚ یون دارِ نشہٕ ڈالُن۔ مگر سہٕ

ہلیو نہٕ رژھ تہٕ دارِ نشہِ اَتھ درِہ درِ منز ژھیٚون تِس کوٹ اَکس جایہِ ادِ ئ کھٕ پٹھ رٹنی زِکوٹکہِ مرتچہِ پنداہ ڈبل دِیو تہٕ رژھ پتہٕ رژھِ دژن زیادے کربکہٕ ۔ مےٚ دِژیٔ ئس تھپ تلہٕ وُنی پانژھ ڈبل مگر سہٕ ُچھُ یتھ بلایہِ خوداہ کیاہ تام اَکھ کوٚ رُن پانے نیاے کھڑاتہٕ پیٚیہِ دوٚپُن '' بۍ تارو فکرِ '' سارنۍ اخبارن دِمو تو ہہِ خلاف ''

''گوٚو کہِ سہٕ اوس اَکھ لِکھارؠ ''

'' بالکل جناب...... کپتان صأب...... سہٕ اوس بدتمیزن ہُند افسر تہٕ اَکس شریف گرس منز اژُن لائیکھ اوسنہٕ قطعاً ''

'' ووٚنی نیرنہٕ کٔہنی تہٕ امہِ منز ۔ مےٚ ووٚنۍ ناژے...... ''

'' ایلیا پیٹرووِچ '' ہیڈکلرکن دیُت معنی خیز طریقہٕ پٹھ لفظن پھیرُ اسسٹنٹ سُپر انٹنڈنٹن ترأ ووٚنی نظرتہٕ ہیڈکلرکن پھر بیٚیس طرفس کُن گردن ۔

''...... تہٕ بۆ زیٚو محترمہ لؤسی بہٕ چھُسے اَخری پھرِ ونان '' اَسسٹنٹن تھأو گتھ جأری '' اگرے ووٚنی چأنس یِزتھ بند گرس منز بیٚیہ کُنہٕ پھرِ کانہہ ناس تر اس واقعہٕ سُپد بۍ سوزَتھ جیل '' یہ زن اَکھ سمأجی فرض بنان چھُم ۔ چھُو سابوزان اَکی ادہپن ہساچھِ کوٹ ژھینس پٹھ پانژھ ڈبل معاوضہٕ ہیٚو تمت ۔ گوڈٕ بچارین ادہپن ہُنز حالت چھےٚ کیاہ آسان '' ۔

اِی ونان ونان ترأ وُسی رَ اسکولنکافس کُن نفرتہٕ بُرٕ ژا اَکھ نظر ۔ '' یۆچھ تہٕ تھے بیا کھ واقعہٕ اَکس ریستورانس منز سپُد مُت ۔ اَکی ادہپن اوس کالچنس کھیٚناہ چیٚناہ کوٚرمُت تہٕ بِل دِنہٕ ورأے نیرنہٕ لوٚ گمُت ۔ بیٚلہِ بِل طلب کرہس در جواب ووٚنتھ بۍ لِکھِ ہوا اَکھ طنزیہ مضموٗن ۔ کیاہ بنہِ یمن ' پتمہِ ہفتہٕ اوس زنتہٕ اَکھ ادہب پاگل گو مُت ۔ دکن ایرِ جہازس منز کجبن اَکس کونسلرسنزِ زنانہِ تہٕ کورِ ننے لیکہٕ ۔ کانہہ شرم کرِنہ نہٕ ۔ اوتر اوس اَکی حلوأے اَکھ ادہب دقہٕ دِیٖ دِیٖ دُکانہٕ منزٕ کڈتھ

ژھنمُت ۔ یِم چھِ بَڈ بدتمیز آسان ۔ لِکھأری تہٕ طالِبِ علم چھِ تِتھی آسان ۔ یِم چھِنہٕ مغزن منز آسان ۔ خأر ژٕ ہیٚکِکھ گژھِتھ ۔ بہٕ یِمے کُنہِ دوٚہہ الغأبہٕ نظر دِنہِ ۔ حبس تھأوِ زِ یِنہٕ پتہٕ ونکھ؟''

لۄسی زَن گیہِ قأدِ منز آزاد تہٕ گُلی زٕ گنٛڈِتھ لٔج پرٛتھ کأنسہِ سلام کٔری کٔری رۄخصت ہیٚنہِ ۔ گُلی گنٛڈان گنٛڈان نیٚبر وأژ سو پُتی پُتی دروازس نِشہِ ۔ أکِس خوش وضع افسرس سٟتی آیہِ چھاونہٕ یُس تیز تیٖز اندر اژان اوس ۔ یہِ اوس ضلعہٕ سُپرانٹنڈنٹ نکوڈم فوچ ۔ لۄسی پیٚیہِ تس فوراً یاد ن یتھٕ کُنہِ زِ نِس لجِس زمینہِ سٟتی تہٕ أتھی سٟتی درایہِ دفترٕ منزٕ نیٚبر ۔

''کیا سہ ژٕ کیازِ اوسُکھ بیٚہِ شور یومُت ۔ مےٚ باسیو یتہِ زن چھُ طۄفان وۄتھمُت'' نکوڈم فوچ وۄتھ ایلیا پیٹروچس کُن دوستانہٕ طریقہٕ ۔ باسان چھُم خبر کٔمی چھےٚ نَے شرارت کھأجمٕژ'' مےٚ بوزٕ چانہِ کریکہٕ ہیرِ پیٹھے''۔

''وۄلسا پتہٕ کیاہ گوٚو'' ایلیا پیٹروچ وۄتھُس تہٕ کینٛہہ کاغذ اتھس کیٚتھ ٹِکتھ دژاو بیٚیِس میزس کُن ۔ پھیکِمن اوس قدمس قدمس پیٹھ درسہٕ دِوان زنتہٕ مردانہٕ گُراوس ۔ ''وۄلسا ہے جتہٕ ہاوے ۔ أکی طالِب علمن یا وَنتس أکی لِکھأری، کتھ چھےٚ کُنی چھنہٕ قرض ہورنٛک خیالے کوٚرمُت زانہہ ۔ حالانکہِ ہونٛڈ تہِ چھَن دِژٕمٕژ ۔ شرم تہِ چھُس نہٕ گژھان کمٕر کرِ ہے خأل تِتہِ نہٕ اِدِ کرایہِ دِنہٕ ورأے چھےٚ وننان بہٕ چھُسو کرایہِ پیٹھ ۔ شکایژن پیٹھ چھےٚ شِکایژِ یوان تس متعلق ۔ تہٕ یوٚت وأتِتھ چھُ سہ ُتس جنابس تھی میأنِس سگریٹ چنبس پیٹھ نلہٕ وٕڈی لٹران ۔ دَپہِ اِنسان ساد کیاہ چھُ ژکہِ چھُ کمیٖن ہُنٛد افسر ۔ رژھ تہِ چھُس نہٕ تمیز ۔ وُچھہن اگر تیٚلہِ چھےٚ أتی تصرف دار ہیوٚ کھڑا گوڈٕ چھےٚ أمِس کُن وُچھنہٕ دروٚکھ یوان ۔ زچہِ فقیر''۔

''غریبی چھا کانٛہہ نوقص میانہِ یارٕ مگر پرٛتھ کانٛہہ چھُ زانان زِ ژٕ چھُکھ توٚہہ

پھلکِہ پأٹھۍ وُڈِتھ گژھان۔ تہٕ ژٕ چھے نہٕ اکھ رژھ تہِ بٔڑ یہے چھےٚ میانہِ خیالہٕ نوقص۔ ژٕ چھُکھ رژھِ رژھِ پٔٹھ پھٔنکان"۔ نکوڈم فوچ پھیوٗر اِی ونان ونان رَاسکولنکافس کُن "نوجوان ژٕ تہِ نی زِنہٕ امیک غلط معنی یہِ چھُ دراصل دارالسلطنت رٕ دُمت۔ بہٕ وَنے یقینہٕ سان زِ اسٹنٹ سپرانٹنڈنٹ صاب چھُ بیشگ بارٕدی صِفت تہٕ تُہ ہاونے چھُ یہِ...... خارظاہر پأٹھۍ چھُ یہِ تیز پھن باسان اماپوٚ زدِلہٕ کِنۍ چھُ یہ سیٹھاخوشہِ وُن۔ یہِ چھےٚ بدقسمتی زِ اُمِس چھُ فوراً اشتعال کھسان۔ اُمِس چھےٚ پٔنِس رِجمنٹس منٛز تہِ...... "بارٕ دی لیفٹنٹ" ریژھ اُسمٕژ......"۔

واہ...... کیاہ رجمنٹ اوس سہٕ" ایلیا پیٹروِچ گوٚو پتھ کالچ یاد پتھ زِندہ ہیوٚ اگرچہ وُنتہِ ڈیکس درٕہ کھأتھی اوس مگر رَاسکولنکافس گنیہ رائے زِ ایلیا پیٹروِچ ونہٕ خبر کوسہٕ تعجبس لایکھ کتھ تہٕ کمرس منٛز موجوٗد دسارنے نفرن تراوِدا بہٕ تہٕ اِ موٚکھٕ وِوتھ کتھ ژٕتھ نکوڈم فوچس کُن بڈٕ نرمی سان ...... "کپتان صاب مے گژھِ معأفی دِنۍ اگرے میانہِ ڈٕسی کانٛہہ بےادبی سرزدگیہ۔ بنان چھُ مے ما آسہِ تتھ حرکت کرموٚ ییمہِ ستی یمن شرارت کھوٚت۔ سو گژھِ ووٚنی درگذر کرٕنی ......بہٕ چھُس اکھ غریب طالبِ علم۔ مُفلسی کِنۍ چھُس ٹاکین وہراونہٕ آمُت۔ (شاید کرِن ٹاکین وہراونہٕ آمتۍ لفظیٚ استعمال)۔ بہٕ چھُس نہٕ ووٚنی پران کیازِ گُذارِ چھمنہٕ۔ اماوومید چھم زِ مے واتن روپیہِ...... ایکس صوبس منٛز چھےٚ مے موج تہٕ بینہٕ روزان تہٕ تمے سوزن مے پونسہٕ۔ تمی ساتہٕ والہٕ بہٕ قرضہٕ نکھٕ۔ میأنۍ مکانہٕ مالکنی چھےٚ نہٕ خراب سو چھےٚ رحمدل مگر پنٔنے قسمت خراب۔ بہٕ اوسُس ٹیوٗشن کرِتھ کرایہِ بران، پوٚز مے چھنہٕ ووٚنی کانٛہہ ٹیوٗشن تہٕ اِ کِنۍ گأم ژورِ ربتھ کرایہِ برنس۔ تس کھٕۂ اَتھ پتھ سخ ژٕ کھٕ تہٕ ووٚنی چھےٚ نہٕ مے کالُک کھین تہِ سوزان ......سو چھےٚ مے ہوٚنڈ نکھٕ والنہٕ باپتھ ونان مگر بہٕ کتھ ہکہٕ یہِ کرِتھ۔ وُنۍ کبس کتہِ انہٕ بہٕ رقم تہٕ والہٕ قرضہٕ نکھٕ تمی سوٚنچی توپانے......"۔

''مگر اَسہِ کیاہ تتھ ستیٚ غرض۔ ژٕ ہے پانہٕ سونچہٕ وُن چھُکھ'' ہیڈ کلرکن وونُس سأرِے دلیل بوٗزِتھ۔

''بالکل ...... بالکل بہٕ چھُس تہٕ زأنتھ تہٕ مےٚ چھُ توہہِ ستیٚ پوٗرٕ اتفاق۔ مگر مےٚ دِیوٗ صفأیی تارنک موقعہٕ ......رَ اسکولنکاف لوٗگ دوبارٕ نکوڈم فوچس کُن وٕننہِ حالانکہِ سَخ کوٗشِش اوس کران زِ ایلیا پیٹروچ تہٕ گوٗژھ تٕہنزن کتھن کُن ظوون دِیُن پوٗز سہُ اوس کاغذن ئلی پھِرن تھُرن دِوان تہٕ رَ اسکولنکافس نٕسبتھ تسٕنز نفرت أسی بُتھِ پیٹھے باسان۔ ''جناب مےٚ وأتی ترییٚ وٕری تتہِ کرایہِ روزان۔ تہٕ گوٚڈٕ گوڈٕ ...... خأر ووٗنی پزِ مےٚ وُنن ژوٗ رِتھاونہٕ منٛز کیاہ فأید چھُ۔ مےٚ کریوتس گوڈٕ نِکمن دوہن دوران وادٕ زِ بہٕ کرٕ تسٕنزِ کورِ ستیٚ خانٛدر تحریری نہٕ بٔلکہِ زبأنی ...... تہٕ تمہِ مون بہ صدقہٕ دِل ...... تسٕنز کوٗرأس مےٚ پزی پسند حالانکہِ تہنٛدِ دادِ اوسُس نہٕ حالہِ حأران۔ بلکہِ اوس یہِ جوأنی ہُنٛد جوش ...... یہُے چھُ وجہ جناب یعنی امی خیالہٕ دیُت مےٚ مکانہٕ مألی کینہِ بےٚ وایہِ قرضہٕ تہِ ...... مےٚ لأگی أش کرٕنی ...... تہٕ مےٚ روٗدنہٕ امیک کانٛہہ غم ......''۔

''ہے مِسٹر ژےٚ گُس چھُے وننان اَسہِ بوزٕ ناوسونجی زندگی ہنٛز دلیل۔ اسہِ کیاہ واسطہٕ چھُ اَتھ ستیٚ۔ اسہِ مہٕ گَر وکھ ضایع''۔ ایلیا پیٹروچ وٚتھُس بڑٕ حقارتہٕ ٹسنہٕ کرٕنکہِ اندازٕ۔ مگر رَ اسکولنکافن تہِ منگہٕ نو وآن حالانکہِ ووٗنی أسس نہٕ کتھ کرنس سوٚنب ہیکتھ۔ تہٕ تو تہِ لوٗگُس وٕننہِ۔

''مگر جناب بےٚ ادبی معاف ...... مےٚ چھُ امہِ ستیٚ فأید ...... سہُ یہِ زِ توہہِ ترٕ پانے فِکرِ یوٗ تام کتھِ وأژنوبتھ ......نتہٕ چھُ مےٚ پوٗرٕ پأٹھی معلوٗم توہہِ چھُنہٕ اتھ ستیٚ کانٛہہ مطلب ...... خأر جناب وٕچھیوٗ میأنی بدقسمتی ...... اَکھ وٕری بروٗنٛہہ گوٚ تسٕنزِ کورِ ٹائفائیڈ۔ سو گیہٕ یتیمہِ عالمہٕ۔ تہٕ بہٕ روٗدُس بدستوٗر تٔتی کرایہِ تہٕ ییٚلہِ مکانہٕ مألی کینٛز موجوٗدٕ فلیٹس منٛز بسنہٕ تٔرتمہِ وٚون مےٚ زِ ...... مےٚ چھَ ژےٚ پنٛژھ روپیہِ ہنٛز سُوادرو پے

پڑھ مگر فرق کیاہ پیٚیہِ اگرے زن اَکھ ہتھ پنداہ روپیہِ یم مےٚ دارَکھ ژاَکھ ہوٚنڈ لکھِت دِکھ'' ...... پیٚیہِ ووٚنم زِ ...... ''یوٚ دوَے ہوٚنڈ دِکھ مےٚ ہرِ ژےٚ پٹھ زیادے پڑھ۔ تہٕ پتہٕ یہٕ تاہ رقم ژٕ منگکھ بہٕ کرے نہٕ وایہ'' ...... یہے کتھ سپز یتھ پٹھ مےٚ ہوٚنڈ دِژ توٚ تام خأطرٕ زِ یوٚ تام بہٕ نکھ وألِتھ ہیٚکہٕ ...... مگر ووٚنی ییٚلہِ زَن مےٚ نشہِ خام تیلہٕ تہٕ چھُنہٕ گیہِ سوٚ مےٚ خلاف کھڑا۔ مےٚ چھُنہٕ کھینس چینس کیٚت کینہہ۔ تہٕ تمہِ کوٚرنم دعویٰ ...... خأریہِ چھےٚ تسنٕز خصلت یژھی بہٕ کیاہ ہیٚکہٕ اَتھ وٕنتھ''۔

''مگر جناب چأنی یہِ دأدی کانگر چھےٚ سانہِ خأطرٕ غأر ضروٗری''۔ ایلیا پیٹروِچ وٚتھُس بُتھ ژٕ کرأوِتھ۔ ''ژےٚ چھےٚ بہرحال اشتام دیُن۔ چون لول تہٕ صدمہٕ زأنِتھ گوٚ واَسہِ تہٕ شاید موٚ حسوٗ ہے مگر نیری نہٕ امہِ أندرٕ کینہہ''۔

''نہ با ...... بڈٕ سنگدِل چھُکھ ژٕ'' نِکوڈِم فوچ اوس میزس پٹھ بیہان بیہان پانس ہتی ونان۔ تمٕی تہٕ ہیٚوت کیاہ تام لکھُن تہٕ سہٕ اوس یہے رس کیسرِ ہیوٚ باسان۔

''وولہٕ سالکھ ژٕ'' ...... ہیڈ کلرکن وٚون رَاسکولنکافس۔ ''مگر بہٕ کیاہ لکھہٕ؟'' سہٕ وٚتھُس درجواب۔

''وولہٕ بہٕ ونے تہٕ ژٕ لکھ''

رَاسکولنکافس گوٚ احساس زِ ہیڈ کلرک اوس تہنز وکھو پتہٕ تس نچہٕ نظرٕ وُچھان''۔ امابوٚز تعجب چھُ زِ ہو ہکی پأٹھی بدلیو تو ہند سوچی تس روٗدنہٕ کأنسہِ ہنز گنہٕ قسمچہٕ رایہِ ہُند غم۔ اگرے سہٕ رژھا سنہے تہٕ تس گژھِہے یہِ سوٚنچتھ شادمأنی زوٗنی اَکھ منٹ بروٗنہہ اوس سہٕ پنٕنی سرگذشت دأیرِتھ یمنٕز ہمدردی پراونٕچ کامیاب کوٚشش کران۔ خبر تسنٕز خوددأری کوٚت گیہِ۔ تمہِ وِزِ ییٚلہِ تمٕی پنٕنی دلیل دأیرا اگرے کمرس منٕز پلسہٕ والیو بجایہِ تسندی انگ اَشناواَسہن مےٚ چھُنہٕ باسان سہٕ کیاہ کڈِہے زبوٗٹاس تہٕ پٕژن سر تراوِہے سرِ عام۔ اما پوٚز سہٕ آولا پرواہی تہٕ بےٚ تعلقی ہُندِس عالمس منٕز ہینہٕ۔

تس روٗدنہٕ پُلسہٕ افسرن یا کمرس منٛز موجوٗد نفرن یاوٲجب الادا قرضک کانٛہہ اندیشہٕ۔ اگرے وُنکیس تس زندے زالنٛک سزادِنہٕ تیٚہے سہ سنہٕ ہے نہٕ تتھ تہٕ تِس اوس کیاہ تام بدلے حال سپدان ییمیک تس کوٗشش کرنہٕ باوجوٗد تہٕ پانس انداز سپدان اوسنہٕ۔ وُمبرٕ اُس تمی گوڈٕ نچہ لٹہٕ پٔنٛژ مینگ پھٔرترأومٕژ۔ پُلسہٕ والین نشہٕ چھےٚ نہٕ کتھے بینہٕ بأیس تہٕ اوسنہٕ سہ دِلچ کتھ ونان مگر وُنی کبس اوس سہ عجیب احساس انٛد رذٕ ہتھ۔

ہیڈ کلرکن ہیٚوت سہ لکھناوُن زِ تنگدستی کِنی چھُنہٕ از تُہنٛد قرضہٕ نِکھ والُن ممکن تہٕ اومۆکھ چھُ یہ مچلکہٕ ییٚمہٕ غرضہٕ دِوان زِیٚو تام نہٕ قرضہٕ نکھ وسہٕ تۆ تام ژلنہٕ شہر ترأوِتھ یا پٔنٛن جادادنہٕ کِنہٕ تہٕ نہ تھاوِ پوشیدٕ۔

''مگر ژٕ نے چھُکھنہٕ لیکھی تھے ہیٚکان۔ ژٕ نے قلم تہٕ چھُکھنہٕ اتھس منٛز رٕٹِتھ ہیٚکان''۔ ہیڈ کلرکن وۆن تس تشویشس منٛز پٮ۪تھ ''ژٕ ماچھُکھ بیمار؟''

''بالکل...... مے چھُ کلس گیوٗر یوان...... تُہی روٗز وونان۔ بس بس...... یتے چھُ لکھُن...... گریوٗ وونی اَتھ پٮ۪ٹھ دستخط''۔

ہیڈ کلرکن روٗٹ تحریر نامہٕ تہٕ لۆگ باقین ہنٛدی معاملہٕ اٚنٛزراونہٕ۔ رَاسکولنکافن دیُتنس قلم واپس تہٕ ییٚمہٕ بجایہ زِ ووٚنی نیرِ ہے سہ اتہٕ نبر تمی گٔر کلس دِ یو اتھو چیرٕ تھپ تہٕ ڈکہٕ ترووُن میزس پٮ۪ٹھ۔ تس باسیو زنتہٕ کلس کِلی ٹھاسنہٕ یوان اٚسِس۔ منٛزی وۆتھ تس خیال نکوڈم فوچس بروٗنہہ گنہٕ اقرار جُرم کٔرتھ یُوراتچ دلیل الفہٕ پٮ۪ٹھ اٚنتھس تام وَننک تہٕ سہ ڈیرس پٮ۪ٹھ نتھ تس ساری چیز ہاوَنک۔ اٚمی خیالن دیُت تس یتھ جوش زِ سہ گوٚ واتھ پٮ۪ٹھ عمل کرنہٕ باپتھ اِستادٕ۔ ''مگر بہتر چھُ بہٕ سونچہ امہٕ بروٗنہہ ییٚیہٕ اٚکِس منٹس''۔ تس وۆتھ ستی خیال۔ ''نہ نہ بہتر چھُ گنہٕ پس پیش ورٲے دِلہٕ پٮ۪ٹھ یہٕ بارلوٚ ژراوُن''۔ سہ پۆک نکوڈمس نشہٕ یُس ایلیا پیٚڑ ووچس ستی زوردار بحث کران اوس۔ تمہٕ ژ کتھہ بوٗزِتھ زن گوٚ رَاسکولنکافس بُت۔ نکوڈم اوس

ایلیا پیٹروچس ونان...... ''حضرت یہ چھنہٕ ممکن ۔ تم دۆشوے ترأوٗکھ یِیلہٕ۔ واقعات چھِ تہنزٕ بےٚ گوٲہی ہُند پانے ثبوٗت دِوان۔ اگرے تم مجرم آسہٕ ہن تم کیا زانہٕ ہن دربانس ناد دِتھ؟ پانس خلاف گوٲہی تارنہٕ موٚکھا؟ کِنہٕ پٔنن پان موکلاوُنچ چال سوٗنچِتھ۔ مےٚ گژھہِ معأفی دِنی مےٚ چھنہٕ باسان زِ یِژھ نادأنی تہٕ کرِ کانٛہہ۔ امہِ علاوٕ چھُ سہٕ ژاکبِ علم دہ یود ربانوتہٕ اکہِ زنانہِ تتھ بلڈنگہِ اند راژٕان وُچھمت توٚت تام چھس ترے یارتہٕ ستی أسۍ متۍ یم برنہِ پٹھے واپس دراےٚتی چھِ۔ تمۍ بچأرۍ چھُ پننۍن دوستن تھی دربانس بُجہِ ہٕنٛدِ فلیٹک نیب پرژھمت۔ اتبتھ چھُ سوال پأدٕ سپدان زِ اگرے سہٕ قتل کرنکہِ یرادٕ آمُت آسہِ ہے سہٕ پرژھِ ہاتیلہِ دربانس فلیٹس تام کپأرۍ چھےٚ وَتھ ہیٚیہِ تہٕ یِیلہِ سامان ستی آسہِ ہَس۔ ووٚنی یوٚ تام کوٗچ سُنٛد سوال چھُ سہٕ چھُ بجہِ ہٕنٛدس فلیٹس پیٹھ واتنہٕ بروٚنہہ اوٚ ڈگھنٹہٕ أکس سوٗنرۍ سُنٛدِس دُکانس پیٹھ بیٹھ اوسمُت تہٕ وانہٕ پیٹھٕ اوس دوٗنہِ أٹھِ بجہِ توٗرۍ کُن دراموٗت۔ ذرا سونچ ژٕ پانہٕ تہٕ......''

مگر حضوٗر بےٚ ادبی معاف تہنٛدِس بیانس متعلق کیا چھوٕ سونچان زِ یِیلہِ تم تور وأتی تہٕ فلیٹک درواز اوس أنٛدرۍ کِنۍ بنٛد مگر ترےٚ منٹ پتہٕ یِیلہِ تمو دربان ستی اوٚن درواز اوس یِیلہٕ''۔

حضرت دراصل چھےٚ دلیل پیتھٕ گٔنۍ باسان زِ درواز یِیمہِ وِزِ بنٛد اوسمُت چھُ قاتل چھُ کمرس منز اوسمُت تہٕ تمۍ آسہِ ہے اَتھ ہانکل تھأوِمو۔ تمو اسہِ ہے قاتل ر ٹُمت اگرے کوٗچ کم دِماغ آسہِ ہے نہٕ تہٕ سہٕ تہٕ دربانس نِشہٕ گژھہے نہٕ۔ تتھے سہٕ درواز نِشہِ دراموٗت چھُ قاتلس چھُ موقعہٕ آمُت ژوٗرِ ژھیٚپہِ نبر نیرنک۔ کوٗچ بچارٕ وِیسر یو تتھے تمۍ سوٗنچ زِ اگرے سہٕ دروازس نِشی روٗدمُت آسہِ ہے قاتل مارِ ہے تسنٛد خوٗن تہٕ......سہٕ بچارٕ چھُ ووٚرۍ ووٚرۍ ووٚتھان تہٕ ہتہٕ ہتہٕ پھرِ توبہٕ کران......ہاہاہا۔

''گوٚ ونٛی چھوٕ مانان تموٕ چھنہٕ قاتل''

''مگر کتھ وُچھِ ہنس تہٕ جناب سہٕ چھا مکانہٕ ۔ زنتہٕ حضرت نوٗح سٕنز ناو چھُ''۔ ہیڈ کلرکن وۄنُکھ یُس تہٕنز کتھ بوزان اوس۔

''پزر چھُ۔ أسی ووٚننے یہِ صحیح'' نکوڈمن وۄننس۔

''نہ جناب مےٚ چھُنہٕ بالکل اتفاق اَتھ ستی'' ایلیا پیٚڑ ووچ رۄ دپنہٕ کتھِ پیٹھ ڈٲٹھ۔
رَاسکولنکافن تُج ٹۄپۍ تہٕ ہیٚوتُن دروازس کُن پکُن اما برابر دروازس نِشہِ ہیٚو کنہٕ واٲتتھ۔

تس ییٚلہِ ہوش آو تٔمۍ وُچھ سہٕ اوس کُرسیہِ پیٹھ بہتھ تہٕ اَکھ نفر اوسُس دٔچھنہِ کنہِ تھپ کٔرتھ تہٕ کُس تام دوٚیم نفر اوسُس کھوٚوری کنہِ زردٕ رنگہٕ گلاسہٕ اتھس منٛز رٔٹتھ یتھ منٛز آب تہٕ زرد رنگے باسان اوس۔ نکوڈم فومچ اوسُس بروٚنٹھ کنہِ اِستادٕ رۄ زِتھ غوٗر سان وُچھان۔ رَاسکولنکاف وۄتھ کُرسیہِ پیٹھ تھوٚد۔

''تُرے کیا سہٕ دلیل چھےٚ؟ ژٕ چھُکھٕ بیمار زِ؟ نکوڈمن پرژھنس بانبٕر ہوٚتے۔

''جناب اقرار نامس پیٹھ دستخط کرنہٕ وِزِ اوسنہٕ یہِ قلم تہٕ رٔٹتھ ہیکان'' ہیڈ کلرکن ووٚن تِمن واپس کُرسیہِ پیٹھ بیہان بیہان۔ تہٕ لوٚگ پننہِ کأم کرنہِ۔

''تُرے کنہٕ پیٹھ ووتے بیمار'' ایلیا پیٚڑ ووِچھن تہٕ پرژھنس کُرسیہِ پیٹھ بہتھے۔ وُنی کُبس تہٕ اوس سہٕ کاغذن پھرن دِوان مگر ییٚلہِ رَاسکولنکاف بیہوش گژھِت پتھر لاینہٕ آیوسہٕ تہٕ دٔ ریوتس نِشہِ تہٕ سہٕ ہوشہٕ پھیر تھےٚ بیوٚٹھ بیٚیہ پننہِ جایہِ۔

''یوٗ پیٹھ ووتم بیمار'' رَاسکولنکاف وۄتھس درجواب۔

''یہِ مادژ اوی یو کھ اورِ یور؟''

''آدژ ایوس!''

''یا بیمارے دژ اکھ؟''

''جناب''۔

''کٔژ بجہِ دژ ایو کھ؟''

''یِھوے ستہِ بجہِ ہیٚو''

''تہٕ زَن پرژھاۓ ژٕکوٚت اوسُکھ گومُت؟''

''بازر گوٚیوس''

''واہ موختہٕ تہٕ صاف جواب''

رَاسکولِنکاف اوس بُتھِ سفید مُح ہیوٚ مگر ایلیا پیٚڑ وچِتھن سوالن اوس ٹھہری ٹھہری جواب دِوان تہٕ اَتھ دوران تُجنی نہٕ ایلیا پیٚڑ ووچ سِنٛدِ شر راتہٕ بُرتہِ بُتھِ پٔٹھہٕ نظرتہٕ تھوٚد۔

''ہے یہ بچارٕ چھُنہٕ ووٚدنہِ روٗ زِتھ ہیٚکان مگر ژٕ'' ......نکوڈم لوٚگ تس ونہٕ۔

''اچھا تر اُیون'' ایلیا پیٚڑ ووِچن ؤنی معنی خیز اندازٕ یم لفظ۔

نکوڈِم وَنہِ ہے خبر کیاہ کیاہ مگر ہیڈ کلرک تہٕ اوس تس معنی بُرتہِ اندازٕ وُچھان تہٕ امہِ کنی زون تمی تہٕ ژھوٚپہ کرنی منأسب۔ کمرس منٛز اوسنہٕ کانٛہہ شاہ تہٕ زورٕ تراوان پژتھ کانٛہہ روٗ دوُٹھن موہر گرِتھ زنتہٕ ژوٗ پاسے کیا ہتام سنسنی پأدٕ گیہ پژتھ اَکھا لوٚگ یسسرِ گُسرِ کرنہِ۔

''خأر ٹھیک چھُ'' ایلیا پیٚڑ ووچ ووٚتھ موخصر کلام ''اُسی رُکا ووتھ نہٕ ژٕ۔ ژٕ ہیکِکھ گژھِتھ۔ رَاسکولِنکاف دژ اوسپر تہٕ تہنٛدِ نبر نیر نہٕ پتے گوٚ واتہِ گرم بحث شروع تہٕ بحثس دوران اُس نِکوڈِم فوچِن آواز ننی نیران یُس کتھ تام کتھِ ستی اتفاق کران اوسنہٕ۔ رَاسکولِنکاف ییٚلہِ بازرس منٛز ووت بےٚ ہوشی ہُنٛد روٗ دنہٕ نیب نشانہٕ تہٕ گنہٕ۔

''تلأشی...... یم خرن ہُنٛدی کرن ضروٗر تلأشی......'' گرِکن تیز تیز پکنس دوران سوٗنچ تمی۔ ''یمن ہونہن گوٚ ومےٚ پٔتھ شک''

بروٗنہمی پأٹھی آوسہ پیٚیہِ وحشتس منٛز ہیٚنہٕ تہٕ لوٚگ وۄرشوٗر وہنہِ۔



# (۲)

بنان چھُ ہلُہ کٕنس تِمو میأنس کمرس تلأشی کرِمژ اَس ؟ اگر ہے مےٚ کمرس منزٕ ےوُچھی؟''

اما پوٚز ییٚلہِ سہٕ کمرس نِشہٕ ووت اَتہٕ وُچھُن مُچھ تہٕ اَس نہٕ تیأری پچُھ۔ نستاسیٚن تہٕ اوس نہٕ دروازس ہتیٚ اتھ تہٕ لوگمُت۔ توٚہ یم چیز تِتھے کنہٕ ترأوِتھ نیرنُک جرأت کتھ گوٚم پأدٕ؟ سہٕ سیٚدیو کوٚنس کُن...... گگہٕ وأرِس ٹُلِن کاغذ تھوٚد تہٕ اکہٕ اکہٕ کڈِنی سأری چیز نبر تہٕ بِرِنی پنٕنین چندن۔ کُل أسی أٹھ چیز۔ دوٚن لوٚکٹین ڈبن منز آسہٕ کنہٕ واجہِ یا تِتھے ہیوٚ کیاہتام۔ سہٕ سینوٚ نہٕ تِمن وارِ ییٚہِ أسی ژور دالوٗے ڈبہٕ۔ سوٚنہٕ سُنٛز اَکھ چین اَس اخبارٕ کاغذس وٗلِتھ۔ ییٚہِ تہٕ أسی کینٛہہ چیز اخبارٕ کاغذس وٗلِتھ۔ یم شاید زیوراتے اَس...... یم چیز بِری تِمی بر برِ تہٕ پتلوٗن چندن منز تھٕنی زِ کوٚشِش اوس کران یم گژھی نہٕ نُنی روزٕنی۔ بٔڈو تہٕ ٹُلِن ہتیٚ تہٕ دژ اوکرِ منز نبر۔ کمرُک درواز یلے تھأوِتھ لوٚگ سہٕ تیز تیز قدم ٹُلنہِ۔ اگرچہٕ سہٕ وُتھوٚ کمُت پھٹمُت تہٕ وہمن ژ ویمُت اوس مگر توٚ پتہٕ تہٕ أسِس حبس ہوش برابر۔ تس اوس پھرٚٹ زِ پُلسہٕ ما آسہِ تس پتے درامُت۔ پتہٕ اوسُس وہمہٕ زِ أڈِس گنٹس کیاہ بلکہِ پند ہنے منٹن منز ییٚہِ تس پٔتھ نظر گذر تھاونک حُکم دِنہٕ۔ اِ کنی اوس یوٚت وِ تیوٚت سأری نِشان ختم کرِنی یژھان۔ یوٚ تامِ دِماغ کأم کران چھُ تہٕ سونٛچ صلاٗحیت باقے چھےٚ تِتس کالس پزِ نہٕ کانٛہہ پدٕ نُنی تھاوٕنی ......سہٕ کوٚت پٔتھ دژ او؟ تہٕ اوس تِمی گوڈے اَنٛز رأوِتھ تھومُت۔ ''یم چیز گیہٕ نبرِ منز دأرِتھ دِنی۔ توٚری ڈُبن آبس منز تہٕ پژتھ کانٛہہ نِشان گوٚژھِ غأب

تہٕ سوٗرے نیاے انٛدِ"۔ تمی اوس یہِ فأصلہٕ تمہِ وِزِ کوٚرمُت ییلہِ سہٕ پتمہِ راتھ ژھدوأسی تہٕ بےٚ ہوشی ہنٛدِس عالمس منٛزٕ رے کھیایہٕ پھرِ یم چیز دباونہٕ خأطرٕ وۄژھوتہٕ پانس امکہِ پھرہٕ ٹہِ پھرہٕ ٹہِ نِشہِ نجات دیُن یژھان اوس۔ مگر وونی اوس تس یمو چیز و نِشہِ نجات لبُن مُشکل باسان۔ یہے اوڈ گنٹا پھیٖر رسہٕ تنسٕنزی نہرٕ بٹھی بٹھی تہٕ گرٕ پھرِ دِژن گاٹھِ پٹھ کمن ہیرِ پاوِ بن گُن نظر یم بٹھِ پٹھ نہرٕ ہنٛدِس آبس تام أسی مگر پتُن منصوبہٕ عملہِ منٛز انُن باسیوتس کٔڈُر۔ کیازِ یاتہٕ آسہٕ نہرٕ ہنٛدِس دٔنٛدِس ستی شہتیرٕ یمن پٹھ زنانہٕ پلو چھلان آسہٕ۔ نتہٕ آسہٕ ناوٕ ٹھہرِ تھ تہٕ لۄکھ أسی اورٕ یور کران۔ سہٕ ہیکہِ ہے دٔورِونہٕ کڈِنہٕ یتھ تہٕ کأنسہِ شک گژھنچ گُنجأیش تہٕ أسی۔ یہِ اوس سوچُن لایکھے زِ ییلہِ سہٕ ہیرِ پٹھ وسہِ ہے تہٕ پتہٕ تراوِ ہے یم چیز دری یا وس یُس وُچھِ ہے سہٕ سنٛہے نا اَتھ۔ تہٕ ڈبہٕ یوٚ دوَے آبس تل گژھنہٕ بجاے پٹھی پٹھی وِیرٕ ہَن تیٖلہِ؟ تم ییرٕ ہَن تہٕ ضرٔور۔ بےٚیہِ باسیوتس زنتہٕ پرٛتھ کانٛہہ ینہٕ گژھنہٕ وول نفرتس شانکہِ رۄزِتھ وُچھان اوس تہٕ بےٚیہِ زن تمن امہِ ورأے کانٛہہ کاری اوسنہٕ۔ "امایم کیازِ چھِ میےٚ گُن وُچھان؟ کِنہٕ زِ مےٚ چھُ وہمہٕ" سہٕ گوٚ وغوتن۔

چھیکرس آوتس "نیوا" خیال گژھنگ تتہٕ أسی نہٕ زیادٕ لۄکھ آسان تہٕ اوٚ کنٛی رۄدنہٕ تس کأنسہِ ہنٛد دٔسی پریزناوُنک اندیشہ۔ یہِ اوس پرٛتھ لحاظہٕ تہنٛدٕ خأطرٕ زیادٕ بہتر تہٕ بےٚیہِ اوسُس "نیوا" ڈیرٕ پٹھ دٔورتہِ۔ سہٕ گوٚ وپریشان ہوٚ ییلہِ تمی ژیوٗن زِ اوڈ گھنٹہٕ بلکہِ قیمتی اوڈ گھنٹہٕ کوٚر تمی دربدری منٛز محض اوٚ موٚ کھِ ضایع زِ بےٚہوشی تہٕ بدحوأسی ہنٛدِس عالمس منٛز اوس تمی امہِ جایہٕ ہنٛد سوچمُت۔ تس أسی نہٕ بےٚیہِ تہِ مغز کأم کران یمیک تس پانس تہِ احساس اوس۔ مگر وونی اوس نہٕ سہل انگأری ورتاونک موقعہٕ۔

سہٕ دراو "وِی" وتہٕ کنٛی نیوا کن ...... کأم أنٛزراونہٕ ......مگر وتہٕ آوتس بیا کھ خیال ......"نیوا کیازِ گژھہ بہٕ؟ چھُنا صلاح بہٕ گوژھ اوخبر یرٕ بےٚیہِ دٔورزوہَن گُن تہٕ تتی تھاوٕ یم چیز

گُنہٕ گُلِہ گوڈس یا زنٛڈس تل دبأوِتھ تہٕ تَتھتھ تھاو کانٛہہ نشانہٕ یُتھ سو جاے وَنہٕ روزِم۔"

حالانکہِ تس باسیوو زِ سہٕ چھُنہٕ وُنی کیٚس صحیح فأصلہٕ کرنس قٲبل مگر تو پتہٕ تہٕ باسیوس خیال وزنداراماتور گرٛٹھن اوسُس نہٕ شاید تقدیرس لیکھتھ۔ تکیازِ علاقہٕ "وِی" منٛزی پکِتھ ییلہِ سہٕ چوکس منٛز ووت اتہِ اُس دوٛیو دیوارو منٛزی اَکھ سروٗنگ یوسہٕ اَکس آنگنس منٛز موکلان اُس۔ دٕچھنہِ کنہِ اُس اکہِ بڈٕ مکانٕچ تھزٕ لَب یتھ نہٕ سفیدی ہُنٛد نیب نشانہٕ تہٕ رُٛدمُت اوس۔ کھووٕرِ کنہِ اُس کلایہِ أنٛدرِ اَتھ لرِ لوٚر قریب قدم 20 مٕر پچہٕ برن یوسہٕ کھووٕر کُن پھیران اُس۔ یہِ اُس کلایہِ انٛدرا اَکھ وأران جہات جایا۔ اتہِ اُسی لرٛٹھِ تہٕ غلاظتکی انبار۔ آنگنہِ کِس انٛدس پیٹھ اوس اَکھ کنیٖ ڈوکہٕ بنأوِتھ۔ یُس شاید گاڑِ کارخانہٕ یا کأنسہِ ووستہٕ کارسُنٛد شڈ اوس۔ سروٗنگہِ پیٹھے اُس اتھ سأرسے جایہِ زنتہٕ کرٕہنٛز ہاے کُھرٕ مرٕ۔ ییلہِ نہٕ تمی آنگنس منٛز أنٛدرِ پکِھ کھنٛزٕ تہٕ وُچھ تمی سوٗنچ بہتر چھُ اُتی یہِ نیاے موکلاوُن تہٕ گُنی ووٹہِ ژاوأتھی ڈوکس انٛدر۔ درواز اژوٗنے اُس اَکھ نألی بنأوِتھ یوسہٕ تژھہِ جایہِ بناونہٕ یوان چھِ ییتہِ واریاہ موٗزوٗر روزان آسن۔ یا ٹانگہٕ وألی ٹھہران چھِ۔ پچہٕ برنہِ اوس سفید چاکہٕ سٟتی لیکھتھ "خبردار ییٚتیتھ چھُ پیشاب کرُن منع" ییٚیہِ تہٕ آسہٕ واریاہ آسو نہٕ کیٚتھ لیکھِتھ۔ یہے جاے اُس تہنٛدِ خاطرٕ مُناسب ییٚتہِ نہٕ تس کانٛہہ وُچھت ہیٚکہِ ہے۔ "یہٕ ہیٚکہِ پیٚتھے گُنہٕ ژھوٚٹہٕ ڈیرس منٛز یم چیز دوٚبرأوِتھ تہٕ پانہٕ نیرٕ"۔

رَاسکولنکافن دِژ نبر نیرِتھ اورِ یور واریاہ نظرِ اتھ اُسی گوڈے چندن منٛز ترٲوِتی۔ ڈوکچہٕ نیبر مہ لبہ اکہِ طرفہٕ وُچھ تمی نالہٕ تہٕ دروازس منٛز باگ اَکھ بوٚڈ کنہِ پل ییمیک وزن باہہ تر کھ تام آسہِ ہے۔ لبہ ہنٛدِ دوٚیمہِ طرفہٕ کِس کوچس منٛز اُسی واریاہ لوٗکھ اورِ یور پکان یہنٛز کیٚتھ رَاسکولنکاف بوزان اوس۔ مگر تس ہیٚکہِ ہے نہٕ کانٛہہ اَکھ توٚ تام وُچھتھ یوٚ تام نہٕ کانٛہہ کوچہٕ منٛزی نیرِتھ اوراژِہے۔ ییمیک اندیشہٕ ضروٗر اوس تہٕ اوٚ موٚکھ اُس تس پننی کأم جلدی سان کرٕنی۔

سہٕ نیمیو تہٕ دوشوٕ ے اتھ لاٰ ۔ گتھ دِتُن سورٕ ے زور لڑاٰ وِتھ کنہِ پھیُر ۔ کنہٕ تلہٕ کنہٕ
اُس اَکھ لوٕ کٹ کھوٚڈٕ رژھا ۔ یہٕ وُچھِت روٗ دنہٕ تس آب تابے ۔ یم چیزٕ اُتھی منزٕ برتھ
ہیٚتھی چندٕ خاٰلی کرٕنی ۔ سارٕنے چیزن پیٹھٕ کنہٕ تھووُن بٹوٕ تہٕ اَتھ کھوٚڈس منزٕ اُس وُنتہٕ
تمی پھِر کُنی کُنی کوٗمہِ ییٚیہِ پٔنہٕ چایہِ ۔ یوٚ دوٚ ے کُنی تمی انمانہٕ روٗ زِتھٕ پاٰٹھی سواٰ س
جاے ۔ مگر تِلی کُنی روٗ زٕس بُرٕہش ۔ اِو کُنی تِج تمی اورٕ یورٕ میٚزٕ رژھا تہٕ یہے تراٰ ون کنہِ اَنٛدی اَنٛدی
ژیٚل دِتھ ۔ ووٗنی اوسنہٕ کُنہِ قسمُک شک گژھنُک اندیشہٕ ۔

سہٕ دژا وتہٕ ووت واپس چوکس منزٕ ۔ ییٚیہِ اکہِ پھِرِ آسہٕ تس شادمانی کُنی بوٗ تہٕ
پھولان تِتھے پاٰٹھی یِتھٕ پاٰٹھی سہٕ پُلسہٕ دفترس پیٹھ رژھِ کھنجہِ خوش اوس ۔ ''ساٰری نشان
ژٕھنی مےٚ زمین برٕ دکرِتھ ۔ سہٕ کُس آسہِ یَس کنہِ تل وُچھنُک خیال گژھِ ؟ سوچھے شاید
اتیتھ مکانہٕ بناونہٕ پیٹھ پیاٰمژ تہٕ خبرٕ کتین وٕربن روزِ ییٚیہ تِتھے پاٰٹھی ۔ ییٚیہ اگرے کانٛہہ یم
چیز لبِہ تہٕ میون شک کُس گژھِ ؟ یہٕ موکلیو قصے ۔ ووٗنی کیاہ رٹن مےٚ نشہِ تمی'' ۔ تہٕ اُتھی ستی
ترووُن اَسن کھنگالہٕ ۔ تمی کوٚر پھِر بکھ تراٰ وِتھ اَسناہ تہٕ ژیتس کاٰلس چوکس پکان اوس سہٕ
روٗ د برابر اَسان مگر ییٚلہِ سہٕ ''کیف'' بجہِ سڑکہِ پیٹھ ووت ییٚتہٕ تمی زٕ دوٚہ بروٚنٛہہ سولڑکی
وُچھمٕ اُس ۔ تُہند اسن کھنگالہٕ گوٚو یکدم بند ۔ تہندِس دِماغس منزٕ ووتلیو بیا کھٕہے خیال ۔
تس باسیو تمہٕ بنچہِ کُنی نیرٕن تُلبس تلواس ۔ یتھ پیٹھ سولڑکی بِہتھ اُس تہٕ سولڑکی نیرٕنہٕ پتہٕ
یتھ پیٹھ بِہتھ رَا اسکولٕنکاف خیالن ہنزٕ گتہِ منزٕ ہینہٕ آیو ۔ ستی زون نہٕ تمی مُناسب تس پُلسہٕ
واٰلس بُتھِ لگن یَس تمی 20 کو پک دِژاٰ ے ۔ ''ژھنُس بلاے'' توٚہند خیال تِتھے
گھڑٕس ڈٕبکس درہ ۔

تمی دِژ نفرت تہٕ ناراضگی ہندِس حالتس منزٕ ے ژوٚپاسے نظر تہٕ لوٗگ بروٚنٛہہ
بروٚنٛہہ پکنہِ ۔ وٕنکبس اَسی تہندی خیالات اَکیسے نوٗقطس انٛدی انٛدی نژان ۔ تس گوٚو
یژ کاٰلی محسوٗس زِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ خاص نوکتہٕ چھُ تہندِس دِماغس منزٕ وُنتہٕ موجوٗد یُس

وُنکیس تہنٛدِ سوچنُک مرکز بنیو۔ یہِ اوس پتمین دۄن رتن اندر گوڈ نیک موقعہٕ ییلہِ زن تس امیک احساس پانس اندر گئیو۔

''لعنت اَتھ'' ڈبکہٕ ژکراوِتھ وونن تمۍ بےٚ خبری اندر ''اگرے امیک ابتدا سپدُن اوس تیلہِ سپدیوسہٕ۔ ہنہٕ...... نوِہ زندگی ہُنٛد ابتدا۔ ترٹھ یژھہِ نوِہ زندگی۔ توبہ توبہٕ کُژاہ ذلالت چھےٚ یہِ...... کۄتاہ اپُز وونمے از دوہس۔ یہے چھامیٲنۍ نۆ زندگی۔ کوسہٕ بُتھی کھنٛڈ کرِتھ کرمےٚ بدذات ایلیا پیڑ وچس تھٲنۍ مگر سو چھےٚ میٲنۍ بیوقوفی تہٕ بس۔ مےٚ کیاہ اوس تہنٛد پرواہ برُن، ضرورت کیاہ اوس تمن تھٲنۍ کرنُک۔ یہِ چھےٚ نہٕ میٲنۍ کاںچھہٕ نۆ زندگی...... ہرگز تہٕ نہٕ۔

ہنگہٕ منگہٕ گۄ وسہٕ پکان پکان زنتہٕ رہتھ تہٕ اَکھ بےٚ پےٚ تہٕ سبٹھہٕ سیٚو دساہِ سوال وۄتلیو تہنٛدِس ذیہنس منٛز تیمی سہٕ گردِ آبس منٛز ترٛوو۔

''اگرے مےٚ سو کٲم زانتھ مانتھ کرِتہٕ تمیک پزی کانہہ شبقہٕ مقصد اوس تہٕ اَتھ اندر رمیانہٕ جنۆنُک دخل اوسہٕ تیلہِ کیازِ وُچھنہٕ مےٚ بٹوس اندر کیاہ اوس۔ مےٚ وُچھتنہٕ وارِ زِتتہٕ کیاہ تجیوُمےٚ۔ کمہِ باپتھ ٹلُ مےٚ یتھ شرمناک قدم۔ کیاہ حاصل کرنہٕ موکھ ہیٚوت مےٚ یۆت دردِسرتہٕ یژھہ ہٲبتناک تہٕ بُزدلانہٕ کٲم کرِم۔ بیٚیہِ اوُسس وٚنۍ بٹو تہٕ تم سٲری چیز یمنہٕ مےٚ وُچھتہِ ڈرٕ یاوس تراوِنۍ یژھان...... جواب چھُنہٕ مےٚ...... آخر کران کیا سنا چھس یہ؟''

بالکل تس اوس تۍ مطلب۔ غرض وغایت اوُسس تۍ۔ بیٚیہِ یہِ کیاہ نۆ کتھ اَسا۔ تس اوس گوڈے امیک پتاہ۔ برابر تمۍ وقتہٕ پیٹھ ییلہِ تمۍ روت کیٚت گُنہٕ کھنٛجلہِ ورٲے تہٕ سۆنچتھ سمجھتھ تم سٲری چیز دریاوبُرد کرنُک پوختہٕ یراد کۆر...... بلکہِ اوس تمۍ یقیناً اوترے صندوقہٕ منٛز یم چیز کڈان کڈانے یہِ سۆنچمت تہٕ امیک محکم یرادِ کۆر مُت پۍ چھےٚ صداقت۔

''دراصل چھُس بہٕ یہ سوٗرے بیمار آسنہٕ کِنی کران'' سبٹھے ؤ واٗسی گوٚھتھ سوٗنچ تمۍ۔ ''بہٕ چھُس ہنگہٕ منگہٕ چھِنہٕ فِکرن منٛز گیر گژھان میون روٗح چھُ بےٚ سوٚکھ میانیو حرکژو کِنی۔ مےٚ چھُنہٕ کہنٛی تہٕ فِکرِ تران زِ بہٕ کیاہ چھُس کران...... یوٗراتھ بلکہٕ اوترِ پٔتھٕ ووت مےٚ پریشانِ حال تہٕ مصیبتن منٛز گیر...... آہ...... بہٕ گوٚژھُس ٹھیک گژھُن تہٕ ساٚرے پریشاٚنی لبہٕ ہے اند بوٚر...... امائی کیٛس بہٕ بیمارٕ ے روٗدُس؟ میانہِ قو درتہٕ...... بہٕ آسے ووٚنی سبٹھاہ تنگ۔

سہٕ رٔو دتھکہٕ ورٲے بروٚنہہ پکان۔ تہٕ پنٛنی پریشاٚنی کاسنہٕ موٚکھ اوس ٹُنہِ گُن ظوٗن پھِرُن یژھان۔ مگر یہِ اوس نہٕ سوٗنچتھ ہیٚکان زِ دیان بدلاونہٕ باپتھ کیاہ پزِ تس کرُن تہٕ کتھ پزِ بس سنٛن۔ تہٕ یپاٚری اوس اکھ نوٚو جذبہٕ رژھ رژھ آمس آو آوِتھ راو راوان۔ یہِ اوس نقاہت تہٕ نفرتُک بےٚ وونتھ جذبہٕ۔ راسکولنکافس لُج اندی یکی کنہٕ تمام چیزن ہنٛز شدید نفرت گوٚھنہٕ۔ یُس کانٛہہ اس بروٚنہہ کِنی نیران اوس تہنٛز اُس تس منہٕ مچھی گژھان۔ تہنٛز شکل تہٕ تہنٛز چال ڈال تہٕ طور طریقہٕ تام اُس تس کھران۔ اگرے امہٕ وِزِ کانٛہہ راسکولنکافس ستۍ کتھ کرِ ہے سہٕ ماو آکہٕ ہس تھوٚکو ستۍ وٚتل۔ بلکہٕ ماکڈ ہس ژپن تل زوٗ۔

تتھے سہٕ نیواڈری یاو کِس بٹِھس پٔتھٕ ووت تس پیوٚ یاد ''الے...... سہٕ ہے یپٚتی روزان چھُ۔ ہوٚ کیا ہوتھ مکانس اندرٚ''۔ سہٕ لوٚگ سونچنہٕ مگر بہٕ کتھ ووٚتس یور۔ بہٕ ووتسا اِرادتاً یور کنہٕ قدما قدماوان ووٚتُس اچانکاً یپاٚری؟ خاٚر فرق کیاہ پیٚیہ اوترٕ اوس مےٚ ووٚمت زِ دوٚہ کھنڈ کڈتھ سمکھ بہٕ تس ضروٗر تہٕ بہتر چھُ تیلہٕ تس سمکھنے۔ ییٚیہ چھےٚ نہٕ مےٚ ووٚنی اکھ قدم بروٚنہہ پکنس سوٚمب ہیٚکتھ''۔

سہٕ کھوٚت راز و منہن ہنٛدِس کمرس کُن تہ ہند کمرٕ اوس پنٛزمس یوٚہرِس پٔتھٕ۔ راز و منہن اوس گرِی پینٛس لوٚکٹس کمرس منٛز۔ سہٕ اوس امہٕ وِزِ لبھنس ستۍ سخ

آوُر۔ تہٕ پانے وۄتھ درواز مڑراونہٕ۔ یمو اوس ژورربتھ بروٚنہہ اَکھ اَکی سُند بتھ وُچھمت۔ رَازوٚمنہنس اوس اَکھ رِنیومُت زیوٗٹھ چوغہٕ "Gown" نالَس تہٕ کھوٚرن اَسس چپل۔ نہ اوسُس مَس شیر تھہِ تہٕ نہ بُتھس کھوٚرڈولمُت بلکہٕ اوسُن نہٕ وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ شاید سرٚ ان تہٕ کوٚرمُت۔ رَاسکولِنکافس گُن نظر پیتھ پیٚوسہٕ حأرتن۔

''اوہ!...... پرٛزی چھُکھ ساڑے۔ تمی ووٚنس جوشہٕ ہٕتی تہٕ تالہِ پیٹھ کھوٚر بُتھس ہتام کُرِن پیٚنس ژاٹہِ بأجس نظراہ۔ تہٕ رژھادَم دِتھ کُرِن شُرنیاہ''۔ کیاہ ساڑ چھُکھ وُنہٕ تتھی افلاسس تہٕ مصیبتس منٛز مُبتلا۔ ژے چھُ تھس یہ تہٕ پتھی تروومُت'' تمی وۄن مزید رَاسکولِنکافس نالہٕ کنِن جندن گُن نظرہ گرِتھ۔ ''وولہٕ تھاویور گُن تشریف۔ تتھے سہٕ امریکن داپوس صوفس پیٹھ بیوٗٹھ یُس تہنٛدِ پننہِ صوفہٕ کھوٚتہٕ تہِ خراب اوس رَازوٚمنہنس توٚر فوراً فکرِ زِ رَاسکولِنکاف چھُنہٕ زۄکنی اوٚر۔

''ژ چھُکھ سخ بیمار۔ ژے چھے نا فکرِ تران''۔ رَازوٚمنہِن ہیوٚتنس نبض وُچھن امارَاسکولِنکافن موکلأو درسہٕ دِتھ پننٛز اَتھ ''تلاتراو پرواے نا چھُنہٕ کینٛہہ'' رَاسکولِنکافن ووٚننس ''یہٕ چھُس آمُت یوراوکنی زِم...... م...... مےٚ چھُنہٕ ازکل کانٛہہ ٹیوٗشن...... امہِ ...... امہِ باپتھ کرتہٕ اَنتظام...... مگر ژ چھُنس بلاے مےٚ چھُنہٕ ٹیوٗشن ضروٗرت...... ہنہ''۔

''مےٚ چھُ باسان ژ چھکھنہٕ پننِ جامن منٛز۔ ژ چھُکھ وۄرشوٗرونان...... شاید چھے سرسام ژے چھے ناپانس باسان'' رَازوٚمنہِن ووٚنس ئسرنی پأٹھی سام ہیتھ۔

''نہ...... نہ...... ترٛ ھ کتھ چھے نہٕ''

رَاسکولِنکاف گوٚو صوفہٕ پیٹھ تھوٚد وۄتھتھ۔ ییلہِ سہٕ رَازوٚمنہن ہِندِس کمرس کُن ہیرن کھسان اوس تس اوسنہٕ یہِ گُمانے زِ تسُند دوست کیاہ آسہِ کمرس منٛز اے تہٕ تس ستی کیا گژھِ اُمس ملاقات۔ مگر ییلہِ سہٕ کمرس منٛزے وُچھن تہٕ کینٛہہ زِ ہی تس ستی گنڈ اَرنی ووٚنی توٚر اُمس فکرِ زۄنی کنِس ہیکہِ نہٕ سہٕ دُنیہاس اندر کانٛسہِ تہٕ بتھ دِتھ یا کانٛسہٕ

بروٗنہہ کنہِ ڈ رِتھ۔ سہٕ گوٚو پانٕی پانس ژ کھِ تس زن گوٚنڈُن أندری نار تہٕ تِتھے سہٕ دروازس پیٹھ ووت یا شا کرِتھ "خوداحافظ" وٕنِتھ لوٚگ واپس نیرنہٕ۔

"ٹھہرساٹھہر۔ بانبر کیاپھِے۔ عجیبے کیاہتام۔ ہے ٹھہر سا عجیب ہسا چھُکھ ژ......"

"نہ سامے چھُ نہ بہن"، ژ اسکولُک فن وونُس تہٕ درسہِ دِتھ کرِن وُنی کنن تہٕ ژ ییلہٕ۔

"مگر تیلہِ کیاز اَکھ یور؟ ژ ما چھُکھ پاگل۔ یہِ کُس طریقہٕ چھُ......یہِ گیہ سراسر بےٚ عزتی کرٕنی۔ یتھہِ پاٹھی دِمے نہٕ بہٕ نیرنہٕ۔ ہرگزنہٕ"۔

"اچھا بوز......بہٕ آس یوراوکنی زِ بہٕ کُس زانن ژےٚ وراے یُس مےٚ مدد کرِتھ ہیکہِ......تاکہ بہٕ ہیکہٕ کینہہ کرِتھ......ژ چھُکھ سارنے ہنٛدِ کھوتہٕ رُت تہٕ رحمدل انسان......تہٕ زانن وول تہٕ چھُکھ۔ میون مطلب چھُ......مےٚ چھُ ووٚنی فکرِ تران زِ مےٚ چھُنہٕ کُنہہ کِہ حاجت بوٚزتھ۔ مےٚ چھُنہٕ کانہہ مدتھ ضرورتھ......کانسہِ ہنٛدُ ے نہٕ......بہٕ چھُس...... یتھ دُنیاہس منز......کُن تہٕ کیول......بوٚزتھ......

مےٚ چھُنہٕ کانہہ سنگ پاے ضرورتھ......مےٚ اَسِنی اجازت"۔

"ہے ٹھہر سا کس بژ نزس۔ وُترِ باتھری ہیو چھُکھ......ژےٚ چھی پوٚر پاٹھی مغز ڈلمتی......ژےٚ کیاہ چھے کرُن مےٚ چھُنہٕ تتھ ستی غرض مگر ژ وُچھ میےٚ تہٕ چھےنہٕ کھنی ٹیوٗشن مگر پرواہ چھُس نہٕ کران۔ دپان اَکھ درواز چھُ بند گژھان تہٕ ہتھ درواز چھِ ییلہٕ گژھان۔ ییتہٕ چھُ اَکھ کتب فروش ہیرو موف۔ ٹیوٗشنہٕ بدلہٕ آوسے مےٚ کامہٕ۔ ووٚنی ہرگاہ مےٚ پانژھ ٹیوٗشن تہٕ یاف سپدن بہٕ تراونہٕ سہٕ کُتب فروش کیاز سہٕ چھُ پبلشر تہٕ۔ سہٕ چھُ سائنسی دستاویز چھاپان۔ تِمن چھے بازرس منز سخت منگ۔ پوٚز ہے بوز کہ تِمن ہنٛدی موضوٗ ہے چھِ لوٚکن دیار کڈناوان۔ ژ اوسکھ ناہمیشہٕ مےٚ احمق ونان مگر قسم ہاوِتھ چھُسے ونان' میانہِ ٹاٹھ دُنیاہس منز چھِ میانہٕ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ نادان تہٕ بیوقوف ترقی پسندی کُن

لمان۔ اِوَ کنی نہٕ زِ تمن کیا چھُ پانس تیوٗت شعوٗر بلکہِ چھُس بہٕ تمن ہمت تہٕ حوصلہٕ دِوان۔ وُچھ سایم چھی جُرمن زبانٕی منز زِ نُسخہٕ۔ میانٕی کنی چھُ یہِ سورُے واٗہیات تہٕ فضوٗل۔ اَتھ منز چھُ یہِ سوال زیرِ بحث ''آیا زِ زنانہٕ تہٕ چھا انسان؟'' پبلشر چھُ یہِ مضموٗن ''فخریہِ پیشکش'' زاٗنتھ چھاپُن یژھان تہٕ تہندی کنی چھُ یہِ زنانن ہٕندِس تِھس سوالس پیٹھ اہم دیُت !۔ کیازِ مضموٗن نگارن چھُ ثابت کوٚرمُت زِ زنانہٕ تہٕ چھےٚ انسان۔ بہٕ چھُس امہِ کُے ترجمہٕ کران حالانکہِ یہِ چھُ گرٛتام صفے مگر مصنف چھُ اَتھ درسہٕ دِتھ زٕٹھراوُن یژھان۔ اتھ یییہِ بڑٕ مراون وول سرورق تھاونہٕ تہٕ پوٗرٕ اوٚ ڈروبل آسبس ٕقمت۔ یہِ لنہِ وارِیاہ مال وُٕنتھ۔ مےٚ ترن امہِ کِس ترجمس پنداہ روپلِ تہٕ شےٚ چھِ مےٚ پیشگی رُٕڈ ٕتی۔ یِیلہِ یہِ کاٗم لندِ تمہِ پتہٕ چھُ مےٚ بیٚیس اَکِس کتابہٕ ترجمہٕ کرُن۔ تہٕ تمہِ پتہٕ چھُم ''رؤسوٕسٕند بن اِنکشافن'' ہُند دوٚیمِ ہنگامہٕ خیزِ حصہٕ ترجمہٕ خاطرِ ژورمُت۔ کمی تام چھُ ہیرویوموفس وٚنمُت زِ روسواوس ریڈِش چیف سٕنزٕ نہج ہُند۔ اتھ منزٕ کرٛا صداقت چھےٚ مےٚ چھُنہٕ تتھ ٕستی کِہنی غرض۔ میانٕی کنی دِیٚ تنس پھاٗنسی۔ غرض چھُ پننہِ کامہِ ٕستی۔ خاٗر...... ژٕ کرکھ یییمہِ مضموٗنکِس دوٚیمس حِصس ترجمہٕ ''آیا زِ زنانہٕ چھا انسان؟'' اگرے منظوٗر چھےٚ تُل تیلہِ جرمن نُسخہٕ۔ قلم تہٕ کاغذ تہٕ چھےٚ آیتن۔ امہِ باپتھ ترٕنےٚ ترےٚ رُوبل۔ مےٚ ووٚنمےٚ گوڈے مےٚ چھےٚ اَمہِ ساری کامہِ باپتھ فقط شیٚ رُوبل پیشگی ٹرٕی ٕتی۔ یییمہِ منزٕ ژٕ ترےٚ تریٚ رُوٚبل حِصہٕ واتنےٚ۔ تتھےٚ ژٕ ترجمہٕ موکلاوکھ ییٚہِ ترےٚ رُوبل ترٕنےٚ۔ مگر ییٚنہِ ژٕ دِپکھ بہٕ چھُسے ژےٚ کانٛہہ احسان کران نہ تیٚتھ سوٗچی زِنہٕ کیازِ تتھےٚ ژٕ برلند رٹراکھ مےٚ سوٗنچ زِ ژٕ ہیٚکِکھ مےٚ وارِیاہ مدد کٕرتھ۔ کیازِ مےٚ چھُنہٕ اِملا ٹھیک تہٕ ٕستی چھُم نہٕ جرمن زبانٕی پیٹھ تہٕ تیوٗتا عبوٗر۔ توٚپتہٕ تہٕ چھُس بہٕ امیک ترجمہٕ کران حالانکہِ مضموٗنہٕ نِشہٕ چھُس وارِیا دوٗران ووٚنگو پانس چھُس یہِ وُٕنتھ ژٕتھ رچھان بنان چھُ زِمیون ترجمہٕ آسہِ اصلہٕ کھوٚتہٕ وارِیاہ بہتر بعضے چھُ یتہٕ ممکن زِمیون ترجمہٕ آسہِ اصلہٕ کھوٚتہٕ

سبٹھاہ وٗسی پاپہٕ...... تہٕ کیاہ چھُے صلاح یوان کرکھ یہ کأم؟"

رَاسکولنکافن تُل ژھوٚپہ دَم گرِتھ جرمن نُسخہٕ تہٕ ترےٚ رُوبل تہٕ دژاو کینٛہہ

وننہٕ کرنہٕ ورأے کمرٕ منٛز نیبر۔ رَازومِنہِن گرِتس حأرأنی اندرنظرہ۔ کوچس منٛز وأتتھ

پھیوٗر رَاسکولنکاف واپس تہٕ ووت دُبارٕ رَازومِنہِن سِنٛدِس کمرس منٛز۔ مسودٕ تہٕ

ترےٚ رُوبل تھأوِن میزس پٮ۪ٹھ تہٕ کینٛہہ وننہٕ ورأے دژاو پوٚت کھوری واپس۔

"ہے ژٕ ہا چھُکھ جنگلی گرید ہیوٗ ژےٚ کیاہ دلیل چھےٚ" رَازومِنہِن وٗنُس

خشمہٕ سان۔ "یہٕ کیاہ طریقہٕ چھُے ژےٚ۔ ژٕ کرکھ ظاہر مےٚ تہٕ خوشک...... ژےٚ کوٚسہٕ

چیٛژ أسے تیلہِ مےٚ نِشہِ آیوکھ۔ احمق؟"

"بہٕ چھُس نہٕ موخصر ترجمہٕ کرُن یژھان" رَاسکولنکافن وٚنُس ہیرِ پٮ۪ٹھ۔

"تیلہِ کوٚسہٕ بلایہٕ گژھی ینٛز ژےٚ" رَازومِنہِن وٗنُس کُٹھِ اَندرٕ"۔ رَاسکولنکاف

روٗ دژھوٚپہ دَم گرِتھ ہیرِ پاوبن وسان۔

"ہیا توتہٕ وٗنی زِ ہے ژٕ روزان کتہِ چھُکھ؟"

جواب ندارد۔

"خأر گژھ جہنمس ...... مےٚ کیاہ ۔ بڈٕ أدرٕنٛج اِنسان چھُکھ"۔ مگر

رَاسکولنکاف اوس ییٚتِس کالس کوچس منٛز ووتمت۔ ییٚلہِ سہٕ ُ کٔدلس پٮ۪ٹھ ووت أکی

حأدثن اوہن أمِس دِمباغ وتہٕ۔ أکی ٹانگہٕ وألی وولنس دوٚیہ ترٕیہ لٹہِ ہلہٕ ہوش گرِتھ

پُشتس گُنی قمچہ پرٕتھ۔ تکیازِ رَاسکولنکاف آیو گری سِنٛد بن پڈرن متھنہٕ۔ تِتھےٚ تس

ہنگہٕ منگہٕ قمچہ ٹاس وٗتھ گُنی ووٹہِ لوٚب کھُستھ آیو سہٕ جنگلس چھاونہٕ۔ (خبر سہٕ کیازِ

اوس گاڈ بن ہِنٛدِس اتہٕ گتس منٛز تہٕ سیٚے منٛز کدلس پکان)۔ شرارتہٕ ہوٚت اوس دنٛد

ٹکان۔ لوٗکھ أسی أمِس تھدِ تھدِ خنٛدٕ کران۔

"دواہ اوسُس کوللس!"

"مے چھُ یہ چنڈٕ ژۄرباسان"

"یہ چھے اَکھِت لاگان...... نتہٕ چھُن شراب چیومُت۔ امہ اَچھ گاڈِ ٹائرن تل اَژان۔ اَمِس پزِ جواب ہیوٚن"۔

"یہ ہسا چھُ دراصل پیشہٕ وَرماَ کرباسان، سانگہٕ گۆر!"

رَاسکولنکاف اوس وُنتہٕ جنگلس ستی وودنہٕ رۆزِتھ شرارتہٕ ہۆت پانس نشہٕ دۄرن وأرلِس ٹانکس مدأے گنڈِتھ تہٕ پننِس پُشتس اوس پھَش پھَش دِوان۔ أتھی منز ترأوی کمی تام تس اَتھس منز کینہہ پونسہٕ کی دِژ پَتھ کُن نظراتھٕ اَس اَکھ بُزرگ زنانہٕ یَس کلس رومال گنڈِتھ اَس کھۆرن اوُسس چمرٕ بۆٹ۔ تس اَس ستی شاید پنِنی کۄرِیس کلس ہیٹ دِتھ تہٕ اَتھس منز زنانہٕ چھَتراَس۔

"رٹھ سابابا یسوٗع مسیحؑ سنِدِ ناو"

تِمی رٕٹی پونسہٕ تہٕ ہموہیٚرٕ پننِی وَتھ۔ تِموٗ اَسی تس 20 کوپک دِتمتی۔ سہٕ پۆک قدم داہ مرِ سیٚو دُے تہٕ پتہٕ پھیوٗ رنیوادٕ ریاوس کُن تہٕ نظراَ ٔسس تھد بن تھد بن بنگلن کُن۔ نب اوس أنہٕ پۆٹ ہیوٗکُنہِ جایہِ اَسن نہٕ اوبرٕلش تہٕ درینٹھ گژھان۔ نیواڈری یاوٗک وُچھن لایکھ سبز آب اوس بڈٕ قرار سان وسان۔ ژُرچِک گُنبد اوس نِنس نبس تل نپہٕ نپہٕ کران۔ یُس کٔدلہٕ پیٹھ ٹھیک پأٹھی لبنہٕ یوان اوس تہٕ صاف وپاک فِضہس منز اوس امیک اَکھ اَکھ نقش ونگارٹاکارٕ بوزنہٕ یوان۔ قمچہٕ پرٕ تیتھچ دَگ اَ ٔسس ووٚنی موکلےمژ تہٕ ووٚنی اوسنہٕ رَاسکولنکافس امیک ظۄن۔ اَکھ وُبدٕر تُلن وول تہٕ چھلہٕ چھانگرِ خیال گۆو تس پأدٕ تہٕ دٕری یاوٕاپأری مِس علاقس کُن اوس تقریباً بےٚمعنی پأٹھی وُچھان۔ یہ علاقہٕ اوس تس خاص پأٹھی وۆود۔ یتھ جایہِ وُنکبس سہٕ قرار کرِتھ اوس تنبتھ اوس سہٕ یوٗنیورسٹی گوھنہٕ کِین دۄہن ہتہٕ بدٕ پھرِ ٹھہریومُت تہٕ پرٕبتھ وِزِ اوس اَتھ خوٗبصوٗرت علاقس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ تسی اوس جذبن وُتش لگان تہٕ ووٚ دُرووتھان۔ سہٕ کیازِ اوس تِتھس

موقعس پٔتھ جذ بن ہِنٛدِس سہلابس منٛز ہیٚنہٕ یوان تہٕ وُ دأسی گرٛ ھان تہٕ اوسنہٕ تس وُنیس تام تہٕ فِکرِ تو رمُت۔ تٔمس پرأنی خیال لگی ازتہٕنٛدِس دِماغس اندر ہِر ہِر کرنہٕ۔ تس گوٚو احساس زِ تٔو ہُنٛد پتھ کال چھُ گٹلس منٛز رٕژھ رٕژھ غأب گرٛ ھان تہٕ پانہٕ اوس زن تہٕ ہیٚور کٔن وُڈان...... ہیٚور ستبٹھاہ ہیٚور...... کیازِ ستبٹھاہ کوٚشِش کرنہٕ پتہٕ تہِ اوس نہٕ تس پتمین خیالن ہُنٛد پن اتھِ لگان حالانکہِ وُنی رٕژھ کھنڈ بروٚنہہ اوس تس خیال زِ تتھ جایہٕ قرار کرِ وُنے پٔین تس اکہِ اکہِ پٔتم سأری خیال تہٕ تم شکٕ شُبہٕ یاد ییم تس تٔمن دوٚہن وُ دأسی کران أسی۔ مگر...... پرٕتھ چیز اوس تس نِشہِ دوٗر ران۔ دفعتاً دِژ تٔمی اتھس بےٚ حسی منٛزے گِلن تہٕ تس پیٚیہِ 20 کوپک ژیٚتس۔ تٔمی مُژ راأوموٗٹھ تہٕ پونسن کوٚرُن وُ چھنا تہٕ کوٚڈنکھ ڈٔری یاوس اندر کش۔ تٔمہِ پتہٕ پھیوٕ رگرٕ گٔن واپس تہٕ وُنی کٔبس اوس تس باسان زِ تٔمی چھُ دُنیاہس اندر پرٕتھ أکِس سٟتی پٔنُن رشتہٕ ژٕٹُمت۔ پرٕتھ چیزچ مالےٚ چھن ترأوِمژ۔ ییلہِ سُہ گرٛ ووت ژھمبرِ آسہٕ میلنس تیار۔ امہِ حسابہٕ آسِہے سُہ لگا تار شٔین گنٹن پکان روٗدمُت۔ گرٛ تام کتھہٕ تہٕ کپأری ووت سُہ تہٕ اوسنہٕ تس ژیٚتس۔ پلوٚنسبر کڈِتھ دِتُن صوفس پٔتھ پان دأرِتھ تہٕ تھکنہٕ سببہٕ اوس برابر أکِس کھرٕ بکہٕ ناٗوی مِتس گرٛی ہنٛدی پأٹھی کھمان۔ بوٚڈ کوٹ ہیٚوتُن پٔتھ تہٕ أچھ ژٕٹہٕ وارِ منٛز آو بےٚ خبری ہٕنٛدِس عالمس منٛز ہیٚنہٕ...... انہِ گٹہِ اوس سأری سے نال وولمُت ییلہِ رٔاسکولنکاف خوفناک کرٛ بکہٕ نادٕ سٟتی بیدار گوٚو۔ ”توبہ ...... ییمہِ کٕژھ کرٛ بکہٕ!“ یُتھ کرٛ بکہٕ نادتہٕ لرزٕ تُلن واجبن وِدروِے وأہی تبأہی تہٕ مار پیٹ اوس نہٕ ازتام تہٕنٛد بن کٔنن تام ووتمُت۔

تٔمی اوسنہٕ یژھ سنگدلی، بےٚ رحمی تہٕ جنوٗنک زانٛہہ خیال تہِ کوٚرمُت۔ وحشت پیٚنہٕ کٕنی بیوٗتھ سُہ کوٚ کرٕ پٔت ہیوٕ صوفس پٔٹھ تہٕ امہِ صدمہِ کٕنی آو غشہٕ کٕس حالتس منٛز ہیٚنہٕ۔ اما مار پیٹ، لکہٕ لکھ تہٕ وِدروِے أس تیزان تہٕ رٔاسکولنکاف گوٚو حأران ییلہِ تٔمی أتھ کرٛ بکہٕ نادس منٛز پنٛنہِ مکانہٕ مألکنہٕ ہنٛز آواز پرٛزنأو۔ سو أس وَدان تیز تیز چھ تہٕ

چُنانچہ رارے کران۔ کیاہتام اُس ونان مگر فکری اوسنہٕ تران زِ سو کیاہ کیاہ اُس ونان۔
سو اُس کستام پرن پیٹھ معافی منگان تہٕ زارٕ پارٕ کران، شوٹھ متہٕ لاے تہٕ۔ کُستام اوس
تس ؤٹِس منز بے دردی سان شلکھ کران۔ حملہٕ کرن وول اوس مردتہٕ تس کؤ تاہ خشمہٕ
اوس تہِ اوس تہنٛدِ وولنہٕ تلہٕ دؤری باسان۔ تہٕ تیز تیز تہٕ بانبرٕ بانبرٕ یہ کینہہ ہاسہٕ ونان
اوس تہِ تہِ اوسنہٕ فِکری تران۔ سہٕ زن اوسٕ جنگلی کاوٕ ہندی پأٹھی ٹاو ٹاو کران۔
رَاسکولنکافس ؤڑھ دفعتاً ساُرٕسے پانس تھرٕ۔ تمی پرٕ ہزنأویہِ آواز۔ یہِ اُس ایلیا پیٹرووچ
سُنٛز۔ ہنہہ...... ایلیا پیٹرووچ یتہِ؟ تہٕ ییٚہ مکانہٕ مالکِ کنہِ شلکھ دِوان؟ ہنہہ...... یہ چھُ
اُمِس کھؤنتی لایان تہٕ ہیرِ پاوبن ستی کلہٕ ٹھاسہٕ وان۔ بالکل...... دَبرایہِ تہٕ کربکہٕ کریکہِ
تلہٕ چھُ تی نران۔ مگر یہ کیاز؟ دُنیاہس ماچھُ تلگ پیٹھ گومُت؟ سہٕ اوس لؤکن ہنٛزٕ دَودو
کرٕنی بوزان یم پننٕو کمرو منز نیرتھ ہیرن پیٹھ جماہ گژھان اُسی۔ اُتھی ستی اوس لؤکن
ہنٛزٕ کتھہٕ بوزان تہٕ دروازن ہنٛز ٹاسرارے تہِ۔ ''مگر کیاز؟ وجہ کیاہ چھُ؟ اُمس کیاز چھُ
یہِ ماردِوان''۔ سنجیدگی سان دُبارٕ غور کرِتھ کوٚر تمی اندازٕ زِ ایلیا پیٹرووچ چھُ شاید پاگل
گومُت۔ مگر ووٚنی اوس سہٕ تہنٛزٕ کتھہٕ صاف پأٹھی بوزان۔ گوکہِ ووٚنی چھُ تمن اُہندِسی
کمرس منز اژُن۔ ''اَتھ منز چھُنہٕ کہنٛہ شک...... یہ چھُ سوُرے تمی کِنی سپدان۔ میانیو
اوترٕ کیو اعمالو کِنی...... میانہِ خودایا!'' سہٕ کرِہے پننہٕ کمرٕ کِس دروازس أندری چِھٹٛنی مگر تمی ہیچ
نہٕ اُرتھوٚ دتہِ تُلِتھ۔ بیٚیہ کیاہ مفادیرٕ ہس۔ تس پیوٚ یُتھ وحشت زنتہٕ شَشر گأنٹھ گیس۔ تس
زن نیوٚ کھووژیو ستی زؤ کڈِتھ...... مگر اُخرس آو بے حِسی ہٕنٛدِ اذیت ناک حالہٕ پتہٕ پؤرٕ
داہ منٹ گژھِتھ وارٕ وارٕ ہوشہٕ۔ مکانہٕ مالکِ کنِہ اُس وٚوش تراوان تہٕ ہاے تہٕ ووٚہی
کران۔ ایلیا پیٹرووچ اوسُس وُنہِ لبکہٕ کڈان تہٕ دبارِ دِوان۔ مگر...... سہٕ تہٕ ہمیوٚ تہٕ ووٚنی
اُس نہٕ تہنٛزٕ آواز کنِہ گژھان۔ ''اماسہٕ مادژ او؟ خودایہٕ زی تن!'' تی اوس تہِ ووٚنی اُس
مکانہٕ مالکِ کنِہ تہِ لوٚت لوٚت وَدان وَدان تہٕ ووٚش تراوان تراون کمرس کُن پکان۔ تس

اُسی ہکی گڑھان۔ تہندِ کمرُک درواز گوٚ وزوٚرِ سان بند۔ ووٚنی اُسی تماشہٕ وُچھن وألی تہٕ ہیرو پیٹھ پننین پننین کمرن کُن گڑھان۔ تم اُسی اُڈی ہے تہٕ اُڈی ووہے کران۔ اُڈی اُسی اَتھ معاملس پیٹھ متضاد راے دِنہٕ کِنز اَکھا اَکس ہنہٕ درنہٕ کران تہٕ اُڈی اُسی مزٕ زور زورٕ کرکہٕ دِوان تہٕ مزی مزی پھسرارے کران۔ پزی اُسی واریاہ لۄکھ جماہ گاٹھتی۔ الہٕ پلہٕ ساٗری کرالیہٕ دار۔

''مگر یہِ کتھ ہیکہٕ ہٕتھ؟ میانہِ خودایاہ یور کمہِ کامہِ باپتھ اوس سہٕ آمُت''۔ تھکتھ ژھینتھ دیُت رَاسکولنکافن صوفس پیٹھ دراز مگر ننِدر رندارد۔ اوڈ گاٹا رۄ دسہٕ تتھس رۄحانی أزیتس، تذبذب تہٕ ناقابلِ برداشت خوفس لۄ مُبتلایہٕ نہٕ تمی از تام زانہہ سوٚرمُت اوس۔ أتھی منز گوٚ واہندِس کمرس منز سفید گاشاپاہ۔ یہِ اُس نستاسیہ یوسہٕ أکس اتھس لۄ شمع رٹتھ تہٕ بیٚیس اتھس منز سوٗپہ رکاٗبی ہتھ لۄ رژلیہِ۔ غورٕ سان رَاسکولنکافس کُن وُچھتھ تہٕ یہِ زانہِ پتہٕ زِ سہٕ چھُ بیدأرے تھووتمہِ شمع میزس پیٹھ ٹھہراوِتھ تہٕ ہیوٚتُن یہِ کینژھا تمہِ اونمُت اوس تس بروٚنٹھ کنہِ تھاوُن......ژوٹ توٚن، رکاٗبی تہٕ اکھ چمچہٕ۔

''ژِ چھُکھ یوٚ پیٹھُک فاقے۔ ذوٚہس چھُکھ خبر کیاٗ ری نژان اوسمُت پنہٕ وٚتھرٕ کِ پاٗٹھی چھُکھ تپہٕ ستی اَلان۔

''نستاسیہ......تم کیاز اُسی مکانہٕ مألی کینہٕ ماردِوان؟''

تمہٕ گرٗنس حأرتہٕ سانٕ نظراہ!

''مکانہٕ مألی کینہٕ......کمی لوٗے تس؟''

''وُنی......اوڈ گنٹہٕ بروٚنہہ......ایلیا پیٹروچ اسسٹنٹ سپرانٹنڈنٹ اوس تس ہیرِ پیٹھ ماردِوان...... اَخر سہٕ کیازِ اوس أمس ییتھ پاٗٹھی ناسزا دنان؟......گوڈٕ آمُت کیاہ کرنہٕ اوس سہٕ''

نستاسیہ لُجی تہندِ بُتھِ پیٹھ کیاہتام تلاش کرنہٕ۔ ژھوٚپہٕ دَم گرِتھ رۄ زتس غورٕ سان

واریاہس کالس وُچھان یُتھ زِ رَاسکولنِکافس بگرے اناسپر ے۔ تھنٛز ووٚنت ہیٚنہٕ واجنہِ نظرِ کَنہِ کھوٚژسہٕ۔

''نستاسیہ' کتھ کونہٕ چھکھ ژِ کران؟'' ژُرِ جگرٕ کرِتھ پرژھ تٔمی کھوٚژی کھوٚژی تس مورِدِ آوازِ منٛز۔

''یہ چھُ خوٗن'' أخر کارِ دیُتنس تمہِ موٚدھر آوازِ منٛز جواب تہٕ پأٹھی زنتہٕ پأنٛی پانس سٟتی کتھ کران أس۔

''خ .....خوٗن؟.....کیاہ خوٗن......'' تٔمی پرژھنس۔ رَاسکولنِکاف گوٚو سفید کپُر ہیوٗ تہٕ دِیتُن لبہِ کُن لرِ پھرُن۔

نستاسیہ أس وُنہِ تس ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ مدے گنٛڈِتھ۔

''کأنسہِ دیُت نہٕ مکانہٕ مألکینہِ مار'' أخرس ووٚنس تمہِ اعتمادٕ سان''۔

''میٚے پانہٕ بوٗز......یہٕ کیاہ شوٗلِتھ اوسہٕ......بہٕ ہے بہتھ اوسُس'' تٔمی ووٚنس زیادے کھوٚژی کھوٚژی۔ ''بہٕ اوسُس بوزان......یٚیلہِ اسسٹنٹ سُپرانٹنڈنٹ آو......پرٛتھ کانٛہہ دژ اوپنہٕ کمرٕ منٛز نبر۔ ہیرن پیٚٹھ گیہِ جمع''۔

بہٕ چھسے ناونان یور آونہٕ کھنٛی تہٕ۔ یہ چھُے خوٗن ژٕ ے کٔنہِ انٛدر کریکہٕ دِوان۔ یٚیلہِ نہٕ اَتھ کُنہِ کَنہِ نیرنس باتھ آسان چھِ اَتھ چھِ دتھ گرٛھان تہٕ اِنسان چھُ وہمن ہٕنٛدِس زالس منٛز ہیٚنہٕ یوان......خأر کھیٚکھٕ کیٚنہہ؟''

تس پھوٚرنہٕ جوابے۔ نستاسیہ روٗزس أتی ووٚدنہِ روٗزِتھ ژرژان۔

''نستاسیہ میٚ گوٚژھ چینہٕ خأطرٕ کیٚنہہ؟'' سوٗ ژھ بوٚن تہٕ واپسی پیٚٹھ أنٛتی سفید کترِ یوٗ آبہ ملر۔ تمِس اوس فقط یتے یاد زِ تٔمی چیٚو سرد تریشہِ گوٚل اَکھ تہٕ اوٗ ڈیٚپوٗس نالہٕ أنٛدرٕ کہٕ تہٕ أتھی سٟتی سپُد بےٚ حال۔



# (۳)

سہٕ اوس نہٕ بالکلے بےٚ ہوش وونگو بمار اوس بدستوٗر۔ پتھ اوسُس اگادِ گومُت۔
گاہے گاہے اوس سہٕ مُکمل غفلژِ اندر تہٕ گاہے نیم ہوشی منز۔ تس پیٚیہِ پتہٕ وار یاہ کتھہٕ یاد۔
باضے اوسُس باسان زنتہٕ تس لۆکہٕ ارساتھاہ أندی أندی گیر گرِتھ چھُ تہٕ تم أسی تس کتھ
تام جایہِ نیٚن یژھان۔ تم لۆکھ زن أسی أمِسے متعلق بحثم بحثی منز آوِ رِی۔ پتہٕ تروُکھ سہٕ
کمرس اندر رُکُنے زون۔ تم أسی تس کھوژان تہٕ اوٚ کنی أسی منزی منزی درواز کھڑیپہ منزی
ژٕرنظرِ دِوان۔ تم أسی تس دمکیہِ دِوان تہٕ دابہٕ تراوان تہٕ پتہٕ أسی یک رائے سپدِتھ تس
ختم کران تہٕ ٹسنہٕ ژٹان۔ تس پیٚو ژیٚتس زِنستاسیہ أس تس پرٕتھ وِزِ نکھے آسان مگر أتھی
منز پرزِنووِتھ دوہیم نفرا کھ تہٕ یس سہٕ پوٚر پأٹھی زانان اوس مگر یہِ پیوس نہٕ ژیٚتس زِ سہٕ
چھُ کُس۔ امہِ ستی گوٚ وتس سخ وہمہٕ۔ یُتھ زِ تمی ہیٚژ أیہ کریکھ دِنی۔ بعضے اوس تس گمانہٕ
گژھان زِ شاید ووت تس رِیتہٕ وادوپیٹھ أتی پیٹھ۔ تہٕ بعضے اوس سونچان زِ سہٕ ژاو أزی
گراماتہٕ اوس تہندِ دِماغہٕ نِشہِ وار یاہ وار یاہ دوٚ ریومُت۔ تمیک اوسنہٕ تس کہنی تہٕ یاد تہٕ تس
گوٚ واحساس زِ کیاہتام اہم کتھ چھےٚ تس مشرب گأمژ یوسہٕ تس یاد تھاوٕنی پزٕہے۔ تس پیٚیہِ
فکر تہٕ لوٚگ تہٕ یاد پاونہٕ باپتھ دِماغس کھننہِ۔ تمی ہیٚتِ ووش تراوٕنی تہٕ خشمہٕ کنی لوٚگ
دزنہِ یاوٕنتو خوفہٕ تہٕ وحشتہٕ سببہٕ آو تس جانہِ منس پیٹھ۔ تمی کرےیہٕ تھوٚد ووٚتھنچ بےٚ حد
کوٚشِش سہٕ ووٚٹہِ ہے موٚچھِ زِ تہٕ تراوِ ہے کُنی ژٕٹھ۔ مگر کُس تام اوس تس جبر أرٕکاوان
...... غفلژِ تہٕ بےٚ حِسی ووٚلنس بیٚیہ نال۔ اما أخرس پھیوٚر مکمل پأٹھی حبہٕ۔
یہِ اوس وَکھ صبحچہِ داہ بجے خوشہٕ وٗن دوٚہ اوس تہٕ کمرٕ چہٕ دُچھنہٕ لبہٕ تہٕ درواز نکھہٕ تلہٕ

کِس کونس اوس آفتابک گاہ پیۆان۔ نستاسیہ اُس وُنی کبس پزی تس نکھ گٔژھ وودنہٕ تہٕ تس اوس بیٚیہ تہٕ کُس تام نفرٕ ستی۔ سہٕ اوس بالکل ازأنی تہٕ رَاسکولنکافس اوس پیہم پأٹھی ژررزان۔ سہٕ اوس ریشہِ ژھٹھن تھأوِتھ اکھ جوان۔ نالۍ اوسُس لوٚ گُٹ واسکٹ تہٕ فِکرِ اوس تران سہٕ گژھِ ہرکارٕ آسُن۔ مکانہٕ مألی کیٚنٛز اُس اڈوتھِ درواز کِنۍ ژٕر نظر دِوان۔ رَاسکولِنکاف بیٚوٹھ سیٚو دپأٹھی۔

''نستاسیہ یہِ کُس چھُ؟'' جوانس کُن اشارٕ کٔرِتھ پرژھنس۔

''اوگوٚ وآ کھ بیٚیہ ژٕنبن جامن منٛز'' تمہِ وونُس خوش گژھِت۔

''وونی چھُ جبس اندر'' جوانن تہٕ وون۔

یہِ زأنِتھ زِ رَاسکولِنکاف چھُ وونی ہوشہٕ آمُت پھیر مکانہٕ مألی کنہِ درواز واپس تہٕ دزایہِ۔ سوأس ہمیشہٕ مندٕ چھان۔ تہٕ کأنسہِ ستی کتھ کرنس اُس نہٕ جِگرٕ کران۔ سوآسہے وہرِ 40ہہ۔ شکلہِ کِنۍ اُسی نہٕ وُسی پایہِ۔ بلکہٕ اُس موٚٹ موٚٹ تہٕ پریٚیہ وٕنی۔ سوٚ رٔلی اُچھ تہٕ کزٕلی بُمہٕ کٔرِتھ۔ موٚچرٕ تہٕ اڑکاوراٗ کِس کُن ترأوِتھ اُس نیک طبعیتھ تہٕ حدٕ روٚس مندٕ چھِ گرتہِ۔

''ژٕ ...... کُس سا چھُکھ؟'' رَاسکولِنکافن ہیٚوت وو پر نفرس براہِ راست پرژھُن مگر اُنہِ اُتھی وقس پتھ گوٚ وودرواز ٹاس کٔرِتھ یلہٕ تہٕ تھوٚد آسنہٕ کِنۍ ژاورژھا بوٚن نِمِتھ رَازِمِنہن کمرس اندر۔

''کیاہ المأری ہیٚوٚ کمرٕ چھُ یہِ'' تٔمی وون بُمہٕ ژٕ کرأوِتھے ''مےٚ چھُ بیٚتہٕ گردن نومرأوِتھ روزُن پیٚوان۔ تہٕ اُتھی ژھُہس ژٕ ڈیرٕ ونان۔ خأرٕ فِلحال چھُ بایہِ شُکرٕ ے زِ ژٕ آکھ بیٚیہ حبسہٕ۔ چھُنا؟ مےٚ وُنی یہِ شیٚچھ وُنی پُشنکاجیہِ''۔

''اُمِس آووُنی وُنی ہوش'' نستاسیہن وون تس۔

''آ وُنی آوأمِس حبس'' تٔمی نفرن وون دُبارٕ۔ اَسہِ وُنہِ ہوٚنجہِ۔

''تہٕ ژُکس چھُکھ؟'' رَازوٚ منہٕنن کوٚرتس سوال تہٕ ستی وو ہنس مے چھُ
رَازوٚ منہٕن ناو نہ زِ رَازوٚ منہٕن۔ یِیمہِ ناوٕ مےٚ لوٗکھ زانان چھِ۔ بہٕ چھُس چون خدمتگار
اَکھ طاۂلِب علم تہٕ شریف النفس انسان۔ یہِ رَاسکولنکاف چھُ میون دوست تہٕ وونی وَنتم
ژُکس چھُکھ؟''

''بہٕ چھُس پننہِ دفترُک ہرکارٕ۔ بہٕ چھُس یور تاجرشیر پاہن اکہِ کامہِ باپتھ
سوٗزمُت''۔

''کہنٛی چھُنہٕ غم تھاٲو تشریف''۔

''بابا کوٗ تاہ شُکر پزِ کرُن...... آ...... شکر پزِ کرُن زِ ژٕ آکھ یِیٚہِ ہوشہٕ'' میزس پیٹھ
اکہِ طرفہٕ بِہتھ ووٚتھ رَازوٚ منہٕن رَاسکولنکافس۔ ژےٚ ووٚتےٚ پُتمیوٚ ژوروو دوہو پیٹھ کینٛہہ
کھیٚنس۔ ژےٚ چھُیہِ پتاہ زِ اَسی اَسی ژےٚ چَموٚ ستی رژھارژھا آپراوان۔ ڈاکٹر زوسی
موف اوٚنمے ژےٚ دوٚیہ پھِرِ وُچھنہٕ باپتھ۔ ویسے آسی سہٕ ژےٚ یادِ ے کیا زِ تُمی وُچھنے
ژےٚ لرِ پھِری پھِری وارٕ پاٹھی تہٕ پتہٕ ووٚنُن فِکر برٕنچ چھےٚ نہٕ ضروٗرت ژٕ چھُکھ خبر گتھ
ذہنی انتشارس منز ہبنہٕ آمُت۔ ژےٚ چھے دِماغس پیٹھ کمیک تام بار تہٕ بیٚیہ چھُے نہٕ ژےٚ
رُت غذا پیٚوان یِیمہِ کِنی ژٕ پریشان سپُدمُت چھُکھ۔ مگر دوٚپُن یہِ چھُنہٕ کانٛہہ مسلہٕ ژٕ
گژھکھ پانے ٹھیک۔ زوسی موف چھُے پننہِ کامہِ اند رسبٹھاہ ماہِر تہٕ ازکل سخ مشہوٗر۔
وولساہے ژٕ گتھ پیٹھ تھوٗکھ اَسہِ ٹنگتھ بُکی'' ۔ رَازوٚ منہٕن ووٚتھ جوانس کُن دُبارٕ۔
''وَن ساژییےٚ کیاہ کاٗم چھےٚ؟ بیٚیہِ ونے روڈیا ژےٚ ہساچھے اوترٕ پیٹھ یہِ دوہیم
دفتری ژھاران مگر سہٕ اوس بدلہٕ کُستام تہٕ تس ستی گرمےٚ گتھ۔ کُس اوس سہٕ یور
آمُت؟''

''بہٕ وٕنہو توہہِ۔ سہٕ آیوٚزٕ دوٚہہ برونٛٹھ۔ الکہِ سہٕ تہٕ چھُ ساۂنسی دفترس منز کاٗم
کران''۔

''مگر یِنہٕ ژےٚ دِلس لگی ۔ مےٚ زن باسیو سہٕ اوس چانہِ کھوتہٕ سبٹھاہ ہوشیار''۔

''بالکل جناب۔سہٕ چھُ بڑی میانہِ کھوتہٕ ہُشیار تہٕ چالاک''۔

''ہاں مےٚ توٚرنا فِکرِ۔خاٗر پکھ ووٚنی''۔

''چانہِ ناوٕ چھُ احقر افراسیابن چانہِ ماجہِ ہٕنٛدِس درخواتس پیٹھ سانہِ دفترکہِ معرفتہٕ کینٛہہ رقم سوٗزمُت مےٚ چھُ باسان افراسیاب آسہٕ ہَن ژٕ زانان یا اَمسیتھ تس متعلق توتہِ بوٗزمُت''۔ ہرکارن وٚون رَاسکولنکافس ''اگرے ژٕ باہوشہِ حواس چھُکھ۔ تیلہِ چھ مےٚ 35 روپیہ ژےٚ کُن دِنی یم زن شیپن سیمابن، احقر افراسیابس نِشہِ چانہِ ماجہِ ہنٛزِ عاجزی کنٛز ژٕمُتی چھِ تہٕ امیک اطلاع چھُ اَسہِ دفترس ووتمُت۔یتھٕ کُنی پٕتمہِ پھِرِ پونسہٕ واژاٗے۔خبر چھُیہِ یاد جناب؟''

''بالکل مےٚ چھُ یاد......افراسیاب''رَاسکولنکافن زن خابس منٛز ووٕنُس۔

''توٚریہِ فِکرِ افراسیابس چھُ یہِ زانان''رَازومِنہس ژٕج کرِکھ نیرِتھ۔''ووٚنی چھُ یہِ پوٗرِ مغزن اندر!مےٚ توٚرفِکرِ ژٕتہٕ چھُکھ ہوشیار تہٕ سمجھدار۔اِنسانس چھِ داناٗیی ہنٛزٕ کتھٕ بوٗزِتھ بوقہٕ پھوٚلان۔

''یہِ گوسےٚ احقر افراسیاب تیٚمی گوڈٕ تہٕ چانہِ ماجہِ ہنٛدی کنٛی ژےٚ اَزکی پاٗٹھی پونسہٕ سوٗزی نےٚ۔گردن چھیٚن نہٕ بچاٗری پھِر ہٕتہٕ چانہِ شاندار مستقبلچ ووٚمید تھاٗوِتھ سوٗزِن سیمیٚن سیمیابِ نوٚوِچس ہدایت نامہٕ زِ ژےٚ یِنےٚ گژھنے 35 روپیہ فوراً دِنہٕ یِنہٕ''۔

''شاندار مستقبلچ ووٚمید''بڈٕ اصل جُملہٕ ووٚنتھ ژےٚ تہٕ روژیا ستی چھُ فِکرِ تران زِ چاٗنی موج کاٗژاہ رژھےٚ۔خاٗر دوستا ووٚنی کیاہ چھےٚ ژےٚ یِنےٚ باسان۔چھایہِ مکمل پاٗٹھی مغزن منٛز کنہٕ؟''

''اَتھ منٛز کیاہ شک چھُ ووٚنگو یتھ کاغذس پیٹھ گوژھِ دستخط کرِتھ ہیٚکُن''۔

''دستخط کیا زِ ہیکہِ نہٕ کرِتھ۔ رسید بُک آسی ناژٕے ستی؟''

''آ...... یہ گوٚو رسید بُک''۔

''وۆلہٕ دِژ کتاب...... تلہٕ سا روڈیا۔ وۆتھ...... وۆتھ سیٚو دپأٹھی بیہہ۔

وۆ...... وۆلہٕ بہٕ کرے تھپ۔ ٹُل قلم تہٕ نہِ خطأوِتھ پنُن ناو......رَاسکولِنکاف...... و

ۆتھ سابایاوٗنکبس چھُ سانہِ خأطرٕ پوٗنسہٕ ژُونکھ شیرٕ کھوٚتہٕ میوٗٹھ۔

''مےٚ کتھ چھِ یم بکار'' رَاسکولِنکافن ووٚہنس قلمس دِتہٕ دِتھ''

''کیا چھُکھ وننان۔ چھی ناضروٗرتھ؟''

''بہٕ چھُس نہٕ دستخط کرُن یژھان''

''ییٚلہِ نہٕ دستخط کرکھ پوٗنسہٕ کتھٕ کٔنی ترٕنے''

''مےٚ چھنہٕ...... پوٗنسہٕ بکار''۔

''اچھ...... اچھا...... گوٚو ژٕے چھی نہٕ پوٗنسہٕ بکار۔ ہے بابا ژٕ مہٕ بر پرواے۔

بہٕ چھُسے ژٕے گواہ۔ یہٕ چھُے پنٕنی مُستی مژ...... یہٕ چھنہٕ بمار آسنہٕ کٔنی بلکہِ چھُ یہٕ

اَرِوٗری تہٕ یتھُے۔ ہٕٹھے ڈاٹھے لاگان......۔ خأرٕ ژٕ چھُکھ پانہٕ اَکھ عقلمند شخص۔ بہتر چھُ

أسی کڈو أمِس اتھٕ نبر تہٕ کرٕناوون یتھٕ دستخط''۔

''نہ بہتر چھُ بہٕ یم دُبارٕ''

''مگر فأیِد کیاہ ژٕیٚ تکلیف دِنہٕ ستی؟...... ژٕ ہے پانہٕ سوٗنچن وول چھُکھ......

ہے روڈیا کتھ سا کوٗرتھن یہٕ بچور تھامہِ...... ییہے چھُ پراران''۔

تہٕ أتھی ستی ہیوٚتُن رَاسکولِنکافن اتھٕ کڈُن۔

''ٹھہر سا...... وولہٕ بہٕ کرٕ پانے دستخط'' رَاسکولِنکافن ووٚہنس تہٕ قلم رٔٹتھ

دِتُن رسید۔

ہرکارن دِتنس پوٗنسہٕ تہٕ دژاو۔

''شاباش......ؤنتہٕ ووٚنی ماچھے بوٚچھ باسان''۔

''آ......آ......'' رَاسکولِنکافن کوٚر اقرار۔

''سوٗپ ما......کینٛہہ موجوٗد؟''

''راتہٕ کہِ منٛز چھُ قطرِ کھنڈ موٗجوٗد'' نستاسیہ ؤ ژھس درجواب۔یوسہٕ دُنتہٕ أتی اِستادٕ أس۔

''بیٚیہِ آسہِ ألوٗرژھاتہِ تہٕ بتہٕ پھوٚل کھنڈ''

''آ''۔

''اہنسامےٚ کوٚر أندری انداز......وولہٕ سوٗپ تہٕ چایہٕ پیالہ دِتہٕ أنتھ''

''أشِہنا کٔرِتھ''

رَاسکولِنکاف اوس یہِ سورُے ژھوٚپہٕ دَم کٔرتھ وُچھان تہٕ پننہٕ جایہِ اوس سخ حاأران۔سہٕ اوس بلا وجہ خوفس منٛز ہیٚنہٕ آمُت۔سہٕ روٗد اِرادتاً ژھوٚپہٕ کٔرِتھ حالاتن ہُند جأیزٕ ہیٚوان۔

''مےٚ چھُنہٕ باسان زِ بہٕ چھُس حواس باختہٕ۔یہِ بہٕ وُچھان چھُس یہِ چھےٚ حقیقت'' تمی سوٗنچ۔

''کینٛہہ مِنٹ گژھِتھ آیہِ نستاسیہ سوٗپ ہیتھ تہٕ ژتی ووٗننکھ زِ چاے گژھِ رژھ کھٔنج تیار۔شوٚربہٕ علاوٕ أسی تمہٕ زٕ چمچہٕ' زٕ رِکابیہِ' نوٗن مرژٕ وانگن تہٕ ٹٔری دار ماز رژھا أنی مِژ۔تمہِ سجأوی یم چیز میزس پٮ۪ٹھ۔میز پوٚش اوس صاف شفاف تہٕ باسان اوس أتھ پٮ۪ٹھ اوسنہٕ واریا کالہٕ پٮ۪ٹھہ ژتھ کُنی کھیٚنہٕ چیٖن سجاونہٕ آمُت۔

''وٮ۪سے اوسنہٕ أتھ اندر کانٛہہ حرج نستاسیہ اگرے پژ اسکوٚیا پاوِلونا پیٚر بوتلہٕ جوراہ سوٗزِتھ آسہِ ممنوٗن روزنک موقعہِ دِیہے۔بوتلہٕ سوز ہوس خأ لی کٔرِتھ واپس''۔

''اصل......تُہی چھِوٕ جان کتھ کٔری'' نستاسیہن ووٗننس تہٕ دژلیہِ تعمیل کرنہٕ باپتھ۔

رَاسکولنکاف اوس حأران و پشیمان یہِ سورُے وُچھان۔ أتھی اندر روٗد تھ رَازومِنہن تھوٚ د تہٕ بیوٗٹھ صوفس پیٹھ رَاسکولنکافس ستی، تہٕ وُچاپہٕ پأٹھی روٗٹُن کھوورِ نرِ پیٹھ تَس کلہٕ تھوٚ د۔ حالانکہِ سہٕ ہیکِہ ہے وُنکبس تھوٚ د تہٕ وُتھتھ۔ خأر دُ چھنہٕ اتھ ستی ترأوی نس رس چمچہٕ پانژھ شئے تہٕ رَاسکولنکاف تہِ اوس بوٚچھِ ہوٚت گژ وکھ عنگلاوان۔ رَازومِنہن اوس رس چمچہٕ پھوٚکھ دِ دِ شہلاوان حالانکہِ اَمہِ اُس نہٕ ضروٗرتھے کیازِ رس اوس مساماسوٚ کھ وُشن۔ کینہہ چمچہٕ آپراوِنہٕ پتے روٗٹ رَازومِنہن اتھ پتھ تہٕ سوٚنچُن بہتر چھُ زوٚسی موفس گوٚڈ پرژھُن آیا زِأمِس ویاز یادِ کھیٚن۔

نستاسیہ آیہِ یپأری زِ ہیرِ بوتلہٕ ہیٚتھ۔

"اچھا ونسا روڈیا...... چایہِ چھُیہِ وونی مأل"

"آ...... آ"

نستاسیہ مہربأنی کُرِتھ اَن ساژ ووٚٹی چاے۔ تمہِ باپتھ چھُنہٕ مے باسان زِ ڈاکٹرس سمکھُن کیا چھُ ضروٗری۔ مگر پر ہے چھِ فالحال اَسہِ "نستاسیہ درایہِ تہٕ سہٕ بیوٗٹھ واپس گرسیہِ پیٹھ۔ شوٚ ربہٕ تہٕ مازاوُنٕ پانس بروٚنٹھ کُن تہٕ تتھٕ پأٹھی ہیٚتِن مینڈی وٹٕنیٚ زنتہٕ تربن دوہن ہُند فاقے اوس۔

"روڈیاژ گرٕ ھکھ خوش یہٕ بوٚزِتھ زِ وونی آسہٕ بہٕ أزکہِ پیٹھ ییتی کھیٚن چین کھیٚوان" مازِ گوٚ لا ئبرِتھ ووٕتنس تمی۔ "یہِ سورُے چھُ 'پاشنکا' چانہِ مکانہٕ مألکنی ہنز مہربأنی رَنٛنی یوسہٕ یتھ خیال تھاوان چھِ۔ میانہِ خأطرِ چھےٚ سو کانٛہہ خدمت کرِنی فخر زانان۔ بہٕ چھُسَس نہٕ کانٛہہ فرمأیش کران ہگی کہِ چھےٚ پنٛنی فکر پرِ بتھ کینہہ کران۔ تہٕ بہٕ تہٕ چھُس نہٕ تسُند دِل پھٹراوُن یژھان۔ اونستاسیہ۔ پتیٚ ہے کالس منز أتھٕ ژنے چاے۔ بڈٕ تیز رفتار کیاسہٕ چھےٚ یہ۔ دلبر نستاسیہ ژٕ ماچکھ ہیرِ داماہ"۔

"ینہٕ بک بک بند کرکھ"

''اچھا تراو...... چایہِ پیالا چکھ ؟''

''چایہِ پیالا...... چلوتتھ چھُنہٕ ہرج''

''اِد پھِران کیاز ژھیکھنہٕ تیلہِ۔ مگر ٹھہر بہٕ پھِرے پانے۔ ژ تھاو قدم''۔

کھیٚن اڈلیوکُے ترأوِتھ پھِری تمۍ چایہِ ز پیالہٕ تہٕ بیٚوٹھ دُبارٕ صوفس پٮ۪ٹھ۔ گوڈٕ نِکی پأٹھی ترأوِن بیمار سٕنزٕ گرٕدنی تٔلۍ کھوٕ رنٛر تہٕ رٕژھاتھوٚد یہن تُلِتھ لوٚگ تس چایہِ چمچا چمچا آپراونہِ۔ چایہِ چمچس اوس أمِس کُن ہِنہٕ بروٚنہہ تتھٕ کٔنۍ پھوٚک دِوان زنتہٕ دوستہٕ سٕنزٕ صحت یأبی خاطرٕ یہِ کرُن ضروٗری اوس۔ رَاسکولِنکا فن کوٚڈنہٕ ہتھ تہٕ نہ صداتہِ زنتہٕ الفتہٕ پیوٗمُت اوس حالانکہِ وُنکیس اوس تس باسان زِ کُنہِ ڈکھِ ورأے صوفس پٮ۪ٹھ بہس سوٗمُب أس تس پوٗرٕ ہیٚکِتھ تہٕ پیالہٕ تہٕ چمچہٕ ہیکہِ ہے ٹھیک پأٹھی پانے رٔٹِتھ۔ بلکہِ ہیکہِ ہے پھیرِتھ تھوٗرِتھ تہٕ۔ مگر أکِس عجیب بلکہِ حیوأنی عیأری ہٕندِس خیالس تحت زون نہٕ تٔمۍ پننہِ قووتک باس دیُن مناسِب تہٕ روٗ دِلسہٕ لوٚہیوٚ صوفس پٮ۪ٹھ۔ بلکہِ اوس اگر ضروٗرت باسہِ ہَس حواس باختہٕ آسنک بہانہٕ کرِتھ شاہ پتاہ رٹُن یژھان زِ حالات کوٚت چھِ واتمتۍ۔ مگر حیلہٕ کٔری کٔری تہٕ ہیٚوکنہٕ سہٕ پننۍ ناگوأری کاپہٕ کرِتھ۔ چایہِ چمچہٕ درجنا چینہٕ پتہٕ کوٚر تٔمۍ رَازومِنہن سٕنزِ نرِ پٮ۪ٹھ پان آزاد تہٕ وہمہٕ لدٕ ہٕندی پأٹھی دِتُن چمچس دوٗر دقہٕ تہٕ کلہٕ تروٗن شانہٕ گوٚندِس پٮ۪ٹھ۔ وٕنۍ کٔبس أسۍ تس پزۍ زِ شانہٕ گٔندی کلس تل۔ یمن آسہٕ صاف شِفاف غلافہٕ۔ یہِ تہٕ کوٚر تٔمۍ محسوٗس مگر کتھ تھأوِن دِ مباغس منزٕ ے۔

''پشنکاہس منگکھ نا گُل قند خمیر ہُند موٚربہٕ رٕژھا۔ تمۍ چاے کیاسا أس تیٚمِس دواہ'' گرسیہ پٮ۪ٹھ اڈلیوک کھیٚن صاف کرنہٕ باپتھ بہانٕ بہان ووٚن رَازومِنہن نستاسیہس۔

''سوٚ کتہ انہِ چانہِ باپتھ گُل قند، اتھ چھُنہٕ پاژوٗنی اونگِجِن وآش کڈِتھ منزٕ اتھس

پتھ رکٲبِ ٹھہراوِتھ تہٕ کھنڈ رژھاٲ سس منز تراوعہٕ پتہٕ چایہِ داماہ ٹُلتھ وۄنس تمہٕ۔

''ٹاٹھِ یارِ وانہٕ پتھ ہیکہِ نا اَنتھ۔ روڈیا میانہِ دوستاینہٕ ژ بیمار پیوکھ تنہٕ کیاہ کیاہ پیوم سرُن تہٕ زانم پتُن پانہِ۔ ییلہِ ژ اَکس احمقہٕ سندی پاٹھی مے نشہِ اتا پتا تھاونہٕ ورأے ژولُکھ مے کھوت سخ خشم تہٕ اَتی کوٚرُم یرادٕ ژ ژھارنک تہٕ پتہٕ ژے سزادِنک۔ جناب تمی دوہ دراس چون پے ژھارنہِ تہٕ بہ کیاہ ونے کپاری کپاری ژھورمکھ۔ مے ما اوس چانہِ ییمہ ڈیرک پے کیاز ازتام اوسُم نہٕ یہِ وُچھمُتے۔ وۄنگو چانیو پرانیو ڈیرو منز تہٕ اوسُم فقط ہارلموف سُند فایوٗ کارنرس مکانٕے یوت یاد۔ مے کُر گوڈٕ ہارلموف سُند مکانہٕ ژھارنچ کوشِش تہٕ بادیام گوم معلوٗم زِ سہٕ چھُنہٕ ہارلموف سُند بلکہِ بوٚچہِ سُند۔ ناون ہُند میل تہٕ چھُ عجیب پاٹھی گژھان۔ پیژ محنت ضایہِ گژھنہٕ کِنی تیلیو مے سخ تہٕ دوہمہٕ دۄہہ صبحاے گوس بہٕ نام و پیامکس دفترس چون نیب کڈنہِ۔ بایہِ تعجُب چھُ زِ دون منٹن منز کوٚڈتھمو چون پے۔ چون ناو چھُ تہٕ لیکھت''

''میون ناو لیکھت!''

''مے چھُ تی باسان۔ تہٕ مے تھی کریو تموکُس تام جنرل کبیلاف ژھارنچ کوشِش مگر تو ہند نیب آکھنہٕ کُنہ خارِیہِ چھے زنٕتھ دٕلیل۔ اَخر کار تیتھے مے پتہٕ چانس ڈیرس پتھ قدم ترووے گوٚوژنے متعلق سوٗرے کینژہ معلوٗم۔ چانی حرکات و سکنات روٗدی نہٕ کھٹِتھ ...... رژھ رژھ بوٗزم۔ اَتھ چھے نستاسیہ گواہ یہے ونی کیاہ دلیل بنے یہِ۔ چانی برکتہٕ کیاسہہ گیہِ مے۔ نکوڈم فوجہ تہٕ ایلیا پیٹروِچ، چوکیدار۔ جناب زیمیتاف۔

الیکزنڈر گری گوری وِچ پلسہِ تھانکس ہیڈ کلرکس شاطر نفرنس ستی یارزتہٕ اُخرس پتھ گیہِ ساری کھوتہٕ اہم تہٕ تھکنی لایق زان پاشنکا ہس ستی۔ نساسیس چھے یہِ سوٗرے پتاہ......''۔

''مألی کیٛن زن ؤج أمؠ زالہٕ'' نستاسیہن ووٚہنس حیادار پأٹھی اسہٕ وِنہٕ دہانہٕ۔

''ژٕ کیاز چھکھ نہٕ کھنڈ چایہٕ ستؠ رلاوان۔نستاسینکی فورونا'' کتھ ڈألتھ ووٚہنس تمؠ۔

''ژٕ چھُکھ اکھا'' نستاسیہ ؤ ژٕھس تہٕ تھدِ تھدِ اَسان اَسان۔تہٕ ستؠ ؤ ژٕھس اسُن بند گرِتھ یہٕ چھبس نہٕ نکی فورونائلکہٕ چھبس پیترونا''۔

''اچھا ووٚنی تھاوِ یہٕ امیٛک خیال'' خأرمےٚ دپیو بایہٕ یتھ مکانس أندی پکہٕ یُس یہٕ ماحول چھُ یہٕ بدلاوِ یہٕ آناً فاناً......مگر پشنکاہن ہارنوٗس۔مےٚ اوسنہٕ ہرگز تہٕ خیال زِ......سو آسہٕ یپٕژ جأدی گرِنی ہے ژٕےٚ کیاہ چھےٚ تس متعلق خیال؟''

رَاسکولنکافن ووٚہنس نہٕ درجواب کہنؠ تہٕ فقط روٗدُس ترہریمٕژ ونظرو مُدأے گنڈِتھ۔''خار یہٕ کینژ اسپُد تہٕ اوس تقدیرس منٛز لکھت۔رَاز ومنہن روٗد ونان تہٕ رَاسکولنکافنہٕ ژھوٚپہٕ ستؠ پیوٚ نہٕ تِمس کانہہ اثر۔

''ژٕ چھُکھ پزی طوطٕ کوٗل''نستاسیہ ؤ ژٕھس شوخ اندازس منٛزتس آسہٕ تہنٛز و کتھو ستؠ بوقہٕ پھوٚلان۔

''بایہٕ یہٕ چھےٚ سراسر چأنی نادأنی زِ ژٕےٚ چھےٚتھ نہٕ گوڈٕ پتھے صحیح وَتھ اختیار گرمٕژ۔ژٕےٚ آسی پشنکاجی یار زلاگنہٕ خأطرٕ کانہہ بدل وَتھ ژھارِنی۔سو چھےٚ عجیب چال وچلینج زنانہٕ۔خأرتہنٛدِس کردارس پیٹھ مطلب چال وچلنس، ووٚ تھنس بہنس پیٹھ کروأسی پتہٕ پہن کتھ......مگرمےٚ وَنتم زِیپٕژ دلیل کیاہ بنےیہٕ زِتمہٕ کوٚرنئے ژٕےٚ کھیٛن سوزُن بند۔تہٕ سو ہوٚنڈ؟' ژٕ اوسکھا پاگل ژٕےٚ کریوتھ تتھ پیٹھ دستخط۔بیٛیہٕ اوسُتھ تسنٛزِ کوٗرِ ستؠ نکاح کرنک وعدٕ کوٚرمُت۔خأرنتالیا بچأرروزی نہ پتہٕ یتھ دُنیاہس منٛز۔دوٚیمےٚ چھےٚ تتھ متعلق ذرٕ ذرٕ پتاہ۔وونگو تیٚتھ نازُک مسلہٕ کتہٕ ترِہ مےٚ ہیوٚس ڈٕہِس فکرِ۔

مےٚ دِیِ زِمعأنی۔ ژےٚ چھیا پشِنکا پزی تیژ بیقل باسان یژاہ سو گوڈٕنیتھ اُس''۔

''نہٕ قطعأنہٕ'' نظر پھِرتھ ووٚتھس سہٕ درجواب تہٕ تُسند غرض اوس اتھ کتھِ اُتی ٹکھ دینٕ۔

''بیقل ماچھےٚ! کِنہٕ زِچھےٚ؟'' رَازوٗمنہِن دِژ کربکہٕ تہٕ سہٕ اوس خوش زِ اٰخر تہٕ دیوٗن رَاسکولنکاف کتھِ جواب۔ ''مگر جنابو تیژ چالاک تہٕ چھینہٕ...... ہان؟سو چھےٚ عجیب چال وچلنچ زنانہٕ۔ تس نیرنہٕ جورے کُنہِ شایہ۔ کُنہِ کُنہِ چھُس بہٕ تہٕ تس نِشہٕ ہٲران......غلط چھےٚ نہٕ ...... وہرِ ژتجہہ آسِناسو؟ مگر دپان چھےٚ سو چھےٚ وہر 36 ہہ۔ اما حق چھُ ؤنتھ تہٕ ہیکہٕ کیازِ باسان چھےٚ تیژ ے۔ قسم ہٲوِتھ چھُسے ونان زِ مےٚ چھےٚ سو سبٹھہے' تھٲز سوٗنچن واجبن باسان یتھ منز تہندِ فلسفیانہٕ سوٗنچُک زیادٕ عمل دخل چھُ۔ اَسہِ دوشوٕنی ہند بن تعلقاتن درمیان چھےٚ رٔژ ھے علامژ یژھ کیژن سوالن منز آسان چھِ۔ اگرے تمہٕ علامژ فکرِ ترن نہٕ سوال سپد یا حل۔ اٰنہٕ چھےٚ سوٚے بٲش مےٚ گاٰمژ مےٚ چھےٚ نہٕ یمہٕ علامژ پانس فکرِ تران۔ خاٰرتر اوِیہٕ مسلہ یہٕ گیہِ فقط میأنی ناداٰنی تہٕ بیٚیہ نہٕ کینٛہہ۔ دراصل ییٚلہِ تمی وُچھ زِ ژ چھکھنہٕ یونیورسٹی گژھان تہٕ نہٕ چھکھ ٹیوٗشن کران تہٕ پلوپوشاک تہِ چھُے نہٕ جوران تہٕ خاص پاٰٹھی ییٚلہ تس کوٗرمرنہٕ کُنی ژےٚ ستی رِشتہٕ قائیم تھاونچ ضروٗرتھے باسے یہِ نہٕ سو کھوٗژتہٕ بیٚیہ ییٚلہِ ژےٚ تہٕ پان یتھ المارِ اندر بندِ ے تھووٗتھ تہٕ تس سمکھُن ترک کوٗرتھ تمہِ تہٕ بنوو ژےٚ نِشہِ تھپ ووتھنہٕ خاٰطرِ منصوبہٕ۔ تس اوس یہ حربہ کرنک واریاہ بروٗنہہ خیال ووتھمُت وونگو یژ رچھُ اِی زِ وٚنکبس چھےٚ سوہونڈ بیٚس دِنس پیٹھ سخ پچھتاوان کیازِ دپان چھِ ژےٚ اوستھس ووٗنمت زِچاٰنی موج والہِ یہ قرضہٕ پانے نکھ''۔

''مےٚ اوس تس سریحاً اپزٕ ووٗنمُت ...... کیازِ میاٰنی موج چھےٚ پانہٕ اتھ دارنس ...... تہٕ یہٕ اپزٕ ونیو مےٚ ڈیرکیو...... کھِمن چھین یاف روزنہٕ باپتھ''۔ رَاسکولنکافن

ووٗنِس تھدِ تہٕ صاف آوازِ منٛز۔

"تہٕ أس چأنۍ دانأیی مگر مصیبت چھُ زِ جناب ٹچیبر وف اَکھ کارٕ بأری نفرا لۄگ اتھ منٛز بتھِ۔ مےٚ چھُنہٕ باسان زِ پشنکا کیا کرِ ہے پٔنٔنِس بل بوتس پٮ۪ٹھ کانٛہہ کاروأیی کیازِ سوچھےٚ نہٕ یمن ہۄڈٕ ہُر بن منٛز پینہٕ واجبن زنانہٕ ییٚلہِ زن یہ کارٕ بار بن ہُنٛد کارٕ ے چھُ سہُ چھُے گۄڈٕ نبتھ پرٛژھان زِ چأنِس کانٛسہِ انگس أشناوَس نِشہِ چھایہِ ہۄنڈ نکھہٕ وسنٛج ووٚمید؟ جواب چھُ اقرارس منٛز کیازِ ژےٚ چھُے موج یوٚسہٕ پنٛٔن سواد ہتھ روبل پینشنہٕ اندرٕ پٔنٔنِس روڈیس موکلأوتھ ہیٚکہِ۔ یۄ دوَے لس اِتھ کٔنۍ پانس کانٛٹے دیُن پیٚیہِ ...... ییٚیہٕ چھُے اَکھ ببنہٕ یوٚسہٕ چانہِ باپتھ غولأمی کرنس اندر تہٕ وایہِ برنہٕ۔ اوے کٔنۍ چھُ سہُ تأجر پنٛٔن معاملہٕ بروٗنہہ پکہٕ ناوان ......ژےٚ کیازِ گیٚ میانہٕ کتھِ بۄزِتھ کن کھڑا ...... جناب یہٕ چھُس چأنس رُمس رُمس وأتتھ۔ پُشنکایہٕ ستۍ دِل مُژ رِتھ سرٕ باوِتھ کرِنۍ ییٚلہِ ژٕ تسنٛد زامتٕر بنن وول اوسُکھ ...... اوسنہٕ ہلۍ۔ یہٕ چھُسے یمہٕ کتھٕ أکِس دوستہٕ ہنٛدِ حیثیتہٕ ونان۔ بایہِ میانہِ یہٕ ونے امیکۍ وجہ کیاہ چھُ؟ اَکھ ایماندار تہٕ حساس انسان چھُ ہمیشہٕ صاف دِل آسان تہٕ پننہِ دِلچ کتھ ونان۔ مگر اَکھ کاروبأری انسان چھُ فقط بوزٕ ناہ کران تہٕ کُنہِ نتہٕ کُنہِ طریقہٕ رتس تریشہِ زاگان آسان۔ تہٕ ووٚنۍ ییٚلہِ پشنکایہٕ تہٕتھِس تأجرس چأنۍ ہۄنڈ ءکٕنۍ تمی زون گۄڈٕ انواری قرضہٕ ۂ گراوُن بہتر۔ مےٚ ییٚلہِ یہٕ سأری دلیل بۄزٕ مےٚ کریو فأصلہٕ زِ ٹچر روفس ہیمہٕ مؤلن تام خبر کیازِ مےٚ اوس ضمیرتس ستۍ منٛزٕ مینتھ کھیٚنس پٮ۪ٹھ اُکساوان مگر أتھی اندر گیہِ مےٚ تہٕ پشنکایہٕ ستۍ دوستی۔ تہٕ مےٚ گُرسوامہِ نیاتچ بنیاد ختم کرنس پٮ۪ٹھ مجبوٗر تہٕ ووٗنمس زِ ژٕ والکھ ضرٗر قرضہٕ نکھہٕ۔ اچھ دِژمےٚ لس ضمانت تہٕ۔ تۄ ریہِ کینٛہہ فِکرٕ؟ اَسہِ انہٕ نو وٹچبا روف ناد دِتھ داہ روبل لأیس تھپ ٹلونۍ بتھِس تہٕ ہۄنڈ ہیرٕ پس واپس۔ تہٕ بایہِ مےٚ سیُد وٚنکبس ژےٚ یہٕ ہۄنڈ پیش کرنک شرف حأصِل۔ بچأرٕ مکان مألکبن چھُے چانہٕ

پرٕ بتھ کتھِ اعتبار کران۔ خاؔر ہوٚنڈ گیہِ یہِ کیاہ یہِ۔ اتھ چھیٚمے مےٚ تلمہٕ کرِ مژ''

رازوِمنہِن تھاوہوٚنڈ میزس پیٹھ تہٕ رَاسکولنکافن پھیرُتس کُن نظر اترٲوِتھ کینٛہہ وننہٕ کرنہٕ ورأے لبہِ کُن بُتھ۔ رَازوِمنہِنس باسیوزنتہٕ یتھٕ پاٹھی یارن تیٛر لوینس۔

''حضوٗر مےٚ توٗر فِکرِ'' رَازوِمنہِن لوٗکُس دِل ہُند رِتھ رژھا گژھتھ وننہِ

''......بہٕ چھُس دراصل ژےٚ ستی احمقأزی کران۔ مےٚ اوس خیال ژٕ گژھکھ میانیو کتھو ستی شادمگر ژٕ گوکھ زیادے ویسٕر ییہِ''۔

''اچھا...... یہِ اوسکھ ژٕ ے......م......م...... مےٚ نکھٕ ییٚلہِ بہٕ سرساس اندر اوسُس اہنہ اہنہ ...... مےٚ ناپرٕزنوومکھ'' رَاسکولنکافن ووٗٮ۪نس گردن پھرنہٕ ورأے۔

''اہنسابوٚ ے اوسُس مگر ژےٚ کھوٚتےٚ سٕخ شرارت۔ خاصکر تمہِ وِزِ ییٚلہِ مےٚ زیمی تاف پانس ستی انیو''

''زیمی تاف؟ ...... تھانٛک ہیڈ کلرک؟ تس کیاہ کرنہِ اوس ییٚن؟''

رَاسکولنکافن دیُت ژِہس منٛز لرِ پھِرُن تہٕ کوٚرُن تسی کُن بُتھ۔

''ژےٚ کیاہ دلیل چھےٚ......ژٕ کیازِ توٗ ہند ناوبوٗزِتھ پریشان گژھان۔ سہٕ اوس ژےٚ ستی اِموٚکھ ملاقات کرُن یژھان زِ مےٚ اُسی تس بروٗنٛہہ کنہِ چانٛی سخت تأریف کرٕمتی ...... مےٚ مااوس گُمانہٕ ژٕ گژھک امہِ ستی ناحق وودأسی۔ ویسے چھُ سہٕ اول درجُک بہترین انسان۔ اِ کٕنی گیہِ مےٚ تس ستی دوستی تہٕ اُسی چھِ تقریباً پرٕ بتھ دوٗہہ سمکھان۔ چوٗنکہِ بہٕ چھُس یتھِ ژھس منٛز روزنہِ آمت یہِ زَن ژےٚ ووٗنمت چھےٚ۔ تہٕ گژھ دوٗہے گیہِ مےٚ یور آمتِس توتہِ گوس بہٕ تس ستی اکہِ کنہِ دوٚیہِ پھرِ لیوس ایوانوناژشہِ ......لیوسی متعلق چھیہِ ژےٚ یاد۔ ہے لیوسی ایوانوناہسا؟''

''دوٚیہے ہا بدحوأسی اندر رماوٗنی مےٚ کانٛہہ کتھ؟''

''کیاہ تام اوسکھ شاید ونان۔ پٔنٕنن جامن منز کراوسکھے ژٕ''

''کک...... کتھ متعلق اوسُس ......ون......ونان''

''دِس سا گام! کتھ متعلق اوسکھ ونان...... بدحواسی منز چھا کانٛہہ موضوع آسان...... بایہ مےٚ موسا کرووٕنی وَکھ ضایع۔ مےٚ دِسا کام کرنہٕ سہٕ ووتھ میز پٮ۪ٹھ تھوٚد تہٕ ژُجن ٹوٚپی اَتھس کنٛتھ۔

''نادوٚپے ہا کتھ متعلق اوسُس ونان؟''

''ہے کتھ سا پٮ۪ٹھ گنڈتھ تانتھ! ژٕے ماچھے وہمہٕ زِ بدحواسی منز ماووٚنتھ کانٛہہ سِر ژٕے؟ موکرپان شُس۔ ژٕے ووٚنتھ نہٕ کانٛسہِ بیگم صاحبہِ ہُند کانٛہہ راز۔ وونگوٚ ژٕ اوسکھ اَسہٕ کھٔلِس ہونس، کنہٕ دوٚرن، زنجیرن، کریستووِسکی زُوِس تہٕ بیٚیہ کس تام دربانس او بیٚیہِ اوسکھ نِکوڈم فومچ تہٕ ایلیا پیٹرووچ اسسٹنٹ سپر اِنٹنڈنٹس متعلق سخ ؤہیات بکان۔ بیٚیہِ یَتھ چیزس متعلق ژٕے پننہِ بدحواسی اندر سخ دلچسپی اَسِے بلکہِ سہٕ پراونہٕ باپتھ اگادِ گوکھاوس چون موزٕ۔ ژٕ اوسکھ بار بار ونان مےٚ دِیو پٔنن موزٕ۔ اِنی...... مےٚ دِیو موزٕ'' اوہہ بچورزیمی تاف تھوٚکھ یَتھ کمرس منز چون موزٕ ژھاران ژھاران۔ تہٕ پتہٕ اَنی تمۍ پٔننی عقلہِ موزٕ چیٚ ہش کیاہ تام بدرنگ زچہِ تراہ تہٕ پلہٕ نٲونے ژٕے۔ اَتی حضرت اوٚے ژٕے کم کاسہٕ قرار تہٕ اِدسو مکر دجہِ رٲنٹ ترٲوتھ نہٕ ژٕے دبن کھوٚراتھ پننہِ اتھ منزٕ۔ اَسی تہٕ ہیکی نہٕ سو اتھٕ منزٕ نِتھ ژٕے۔ سوچھے شاید ووٚنی بسترس منز پیامژٕ۔ اوٚمےٚ پیوم یاد پتہٕ اوسکھ ژٕ پتلوٗن مُرہ ہنٛدی ژٕٹنہٕ آمتۍ آرش ژھاران۔ اَسہِ کریو سخ تچھ بچھ تم آرش ژھارنہٕ موٚکھ مگر جناب اتھِ اَے نہٕ کیٛنہہ۔ خٲر تراویہ ووٚنی کروٚ مطلبچ کتھ 35 روبلو منزٕ تلی مےٚ فالحال 10 روبل تہٕ امیک حِساب دِمے اوڈ اَکھ گانٹہٕ گژھتھ۔ گوڈے وَنے یوزوسی موفس چانٛی شیچھ۔ سہٕ گوٚژھ ویسے وُنیس تام پانے آمُت آسُن خبر کیاہ دلیل چھبس باہ بجے

یہِ وُنی کبس ۔ تہٕ نستاسیہ دِلبرا تیمِس تھاوِ زِ تامتھ خیال یوٗ تام بوٗنیرٕ ییے اگر کینٛژھہ منگ کری دی زبس ۔ ئستی ونہٕ بوٗ پشندکایہِ زِ بوٗ کیاہ کھیٚمہٕ وُنی کبس ۔ اچھا خوداہ حافِظ !"۔

"یہِ چھے مکانہٕ مالِکی کینٛہِ پشندکاونان ۔ یہِ چھے سٕخ سروَن انسان" نستاسین وون رازوٗمنہس نبر نیرنہٕ پتہٕ ۔ امہِ پتہٕ لٔج سو درواز مُژرأوِتھ کن دِنہٕ اما کینٛژھہ توٗگس نہٕ بوزُن تہٕ بے تاب گرٛژھت ؤُٹھ گٔنی دَوِیوٗن ۔ سوأس بوزُن یژھان زِ رازوٗمنہن کمہٕ کتھ کرِ مکانہٕ مالِکی کینٛہِ ئستی تس اوس پزی رازوٗمنہن زنتہٕ جود کوٚرمُت ۔

یُتھے نستاسیہ کمرٕ منٛزٕ نبر دٕرٛلیہِ راسکولنکافن دیُت بسترٕ اَکتھ کُن دأرِتھ تہٕ مجنوٗنہٕ ہٕندی پأٹھی رٕوٗ دصوفس نکھہٕ وودنہٕ ۔ سہٕ اوس پھیاں پھیاں کران تمہ کرنیرٕ ہن تِھنٛدِ کمرٕ منٛزٕ نبر تہٕ سہٕ کرِ ہے پنٕنی کأم ۔ مگر کأم کیاہ اَسِس کرٕنی تہٕ گوس تھوٚد دوٚوتھان دوٚوتھان مشرب ۔ تس باسیوٚ زنتہٕ گٕنہٕ عدالتہٕ نِشہٕ نجات لوٗبُن ۔

"خوداہ وندا کم از کم وَنم یِتے زِ تِمن لوٗگا تمیٚک پتاہ کِنہٕ وُنہٕ نہٕ؟ اگرے تمن معلوٗم سپُدمُت چھُ تیٚلہٕ ما چھ تمہ میانہٕ ناٹھیک آسنہٕ کِنی وُنہٕ زأنتھ مأنتھ بہانہٕ کران تہٕ وقس پتہٕ اژن اندرٕ تہٕ وَنم زِ اسہِ اُوس گوڈے سورُے موٗلوٗم تہٕ اَسی اَسی ...... ہاں وو ...... ووٚنی کیاہ کرٕ بوٗ؟ آمے کیاہ پزِ کرُن ۔ اِی اوس مے مشرب گومُت ۔ زنتہٕ امدأ مشرب اوسُم کوٚرمُت ۔ نتے اَکھ منٹ بروٗنٛہہ مے سورُے یاد اوس" ۔

سے منٛزٕ کمرس رٕوٗ دسہٕ اِستادٕ پانس أندی یکٕژہ پاسے گابر یوٗمُت تہٕ ژٕہریوٗمُت وُچھان داچھان ۔ سہٕ پوٚک درواز س کُن ۔ تہٕ برٕ مُژرأوِتھ دِژن گن ۔ پو زسہٕ اوس نہٕ یہِ یژھان بلکہِ بدل کیاہ تام ۔ دفعتاً دوریوٚ سہٕ زنتہٕ کیاہ تام یاد پیوس کوٗنس کُن یِتھتھ کاغذس تلہِ کِنہٕ لبہِ گگروأج اَس ۔ اتھ دِژن وارٕ نظر تہٕ اتھٕ ئستی توٚ چھنس مگر ...... پتہٕ اوس نہٕ تس مطلب ۔ امہِ پتہٕ گوٚ وسہٕ دانس کُن تہٕ ہیٚتِنٕ سوٗرٕ پھلبن زأنلی دِنی ۔ تھنٛدِ پتلوٗن مُرِ ہٕندی آرش تہٕ باقے چندٕ گٔلی اَسی تمی آیہِ دانس منٛزٕ یتھ گٔنی تھأوِتھ اَسٕنی ۔ یِمن

پتھ اُس نہٕ کانٛسہِ نظر پیانٛہ تمہِ پتہٕ رٹھ کھنجی پیوس موزٕ یاد ییتھ متعلق رَاز ومنہن وُنی ونان اوسُس ۔ ژھانٛڈ دِتھ دراس موزٕ لیفہِ تلہٕ مگر اَتھ اُس تیژٕ الرٹھ تہٕ گنڈ کھژمژ موزٕ زیمی تاف ہیکہِ ہے نہٕ موزٕ وُچھِت کُنہِ قسمُک شک گرِتھ۔

''زیمی تاف! پُلسہٕ دفتر! مگر بو کیازِ چھُس پُلسہٕ دفتر طلب کوٚر مُت؟ اما سٕمن کوٚت گیہِ؟ تعجب چھُ بوٚ چھُس اَتھ سأرِسے کُنے ڈیوٗنگ وٹان۔ طلبی اُس بروٚنہہ۔ تمی وِزِ دژ اُیہِ مےٚ موزس تہِ نظر تہٕ وُنی کبس ...... وُنی کبس چھُس بوٚ بیمار۔ مگر زیمی تاف کیازِ آو یوٚر؟ رَاز ومنہن کیازِ اوٚن سہٕ پانس ستی؟'' سہٕ لوٚگ پانٛنی پانس سوال پرژھنہِ تہٕ توٚ ژھ سوٚرتھ بیوٚٹھ بیٚیہِ صوفس پٮ۪ٹھ۔ اُخر دلیل کیاہ چھِ مےٚ۔ بوٚ ما چھُس بیٚیہِ بدحواس کِنہٕ زِ یہِ چھےٚ حقیقت۔ مےٚ چھِ یہِ حقیقتھے باسان ...... آمےٚ پیٚو یاد مےٚ پزِ ژلُن۔ پننہِ بچاوٕ باپتھ پزِ مےٚ بیٚیہِ نیرُن۔ بالکل ...... بالکل ...... مےٚ پزِ پان بچاوُن ...... مگر کوٚت۔ گوڈٕ کوٚت؟ میانٛی پلوتہٕ بوٗٹ کتہِ سنا چھِ۔ تمو چھی دراصل یم ژوٚرِتھاوِ ستی۔ توٚ رُم ہَے فِکرِ۔ اوہ مگر کوٹ چھُک پیٚتی روٗدمُت۔ شُکر خودایس سُنٛد میزس پٮ۪ٹھ چھِ پونسہٕ تہِ ...... یہِ گیہِ ہوٚنڈ ...... بہتر چھُ یم پونسہٕ نِژ تہٕ بدل کُنہِ جایہِ ڈیرِ کرُن۔ یم کتہِ ہیکَن مےٚ لٮ۪بتھ! ...... تہٕ اوس ٹھیک مگر نام و پیامُک دفتر لبہِ مےٚ۔ رَاز ومنہن کڈِ میون پَے۔ بہتر چھُ اکی لٹہِ ژلُن۔ دوٗر ...... سٮ۪ٹھاہ دوٗر ...... امریکہ ...... پتہٕ وُچھو تم کُس تیر مارن۔ یہِ ہوٚنڈ گیہِ ستی ٹلِنز تہِ مالگہِ بکار ...... بیٚیہِ کیاہ ٹلہٕ بہٕ ستی؟ تمن چھےٚ خیال زِ بوٚ چھُس بیمار ...... یہِ ما چھُکھ پتاہ زِ بوٚ ہیکہٕ اورٕ یورٕ پھیرِتھ تھوٚوِتھ۔ ہاہاہا ...... ہاہاہا! مےٚ چھُ تہنز وأچھو تلہٕ بوزُن تگان زِ تمن چھُ معلوٗم سپُد مُت۔ بوٚ گژھ صرف ہیرن وٚستھ ہیکَن تہٕ ...... بنان چھُ تمو اُسی تن کانٛہہ پُلسہٕ وول مےٚ پہرس تھوومُت! الے ...... ییتِتھ کژھ یہِ چاے۔ تہٕ ہیر بوتل اُڈی تہٕ ...... واہ سردیٚر۔''

تمی تُج بوتل۔ ییتھ منٛز ہیرِ گلاسا موجوٗد اوس تہٕ ہیٚتِن تتھ پانٛٹھی گژ وکھ ننمگلاوِنی زنتہٕ

دزٕوُن سینہٕ شہلاوُن اوُسس ۔ مِنٹا گرٕھتھ کھوٗت اَمس بیرٕ ستۍ خوشہٕ وِنی کاف تہٕ رُمس رُمس زن پھیرٕ س تراوتھ تہٕ کمرٕ چ اَڈِج زنتہٕ سردیاَیس ۔ تمۍ ترأ ولرتہٕ لیف کھأ جتی کلہٕ پٹھی ۔ تہند بن مریضانہٕ تہٕ پریشان خیالن ژھیٚون وارے پَن تہٕ کینٛہہ ژٕہ گرٕھتھے آو معموٗلی مگر خوشگوار غنوٗدگی اند رینہٕ ۔ آرام وسکوٗن کس احساسس تحت ترووتمۍ کلہٕ شانٛدٕ گندِس پیٹھ ۔ یہ کتھ چھےٚ وَنۍ لایق ووِنی اوسنہٕ سہٕ پرون مل بوٗ رُمت تہٕ رِنیوٗمت کوٗٹھ وُرن تراوان بلکہٕ اَکھ صاف شفاف لیف ۔ تہٕ لرتراوان تراونے تروو تمۍ زیوٗٹھ ووش پتہٕ کھوٗس میٹھ موٗدھر تہٕ سرٕ نی ننٛدر۔

کمرس اندر رکھند تام پکنچ آواز کنن گرٕھنہٕ ستۍ گوٚ وسہٕ بیٚدار ۔ تمۍ مُژراوِ اَچھ تہٕ رَازوٗمنہن وُچھن دروازس پیٹھ وودنہٕ ۔ یُس شش وٗ پنجس منز ہیٚنہٕ آمُت اوس زٕ اندر پزٕ سا اژُن رکنہٕ واپس نیرُن ۔ رَاسکولنکاف بیوٗٹھ صوفس پیٹھ تہٕ رَازوٗمنہنس لوٚگ تتھٕ پاٚٹھی وُچھنہِ زنتہٕ کیاہ تام یادکران اوس۔

"واہ گوٚ وژ چھُکھ بیٚدار ے ۔ بوٗ تہِ آس موقعس پیٹھے ! تلسا ان یہِ پارسل یوٗری" رَازوٗمنہن لوے بوٗن گن ناد "حساب وکتاب بوزکھ وُنی ...... ہنہٕ کیاز بابہِ دیان حساب ہار بخشأیش موٚہر"

"وُنی کبس کیاہ چھُ وقت؟" رَاسکولنکافن پرژھنس اور یور نظر ادِتھ۔

"بابہِ میٹھ ننٛدراگرتھ ۔ وُنی کبس چھُ شام وَکھ ۔ شیٚ چھےٚ بجنس تیار ۔ ژے گرِتھ شیٚ گھنٹہٕ ننٛدر۔

"اچھا ! پوٗ زچھُکھ ونان"

"اہنسا مگر اَتھ منز کیاہ چھُ ژ گرٕھک امی ستۍ ٹھیک ۔ ژ کیاہ تعجلی تہٕ چھےٚ ؟ کأنسہِ ما چھُت سمکھنہٕ باپتھ وونمُت ؟ وُنہِ ہے واریاہ زندگی باقی چھےٚ ۔ مےٚ ووت پتموٗ ترٛیوٗ گنٹو پیٹھ ژےٚ پراران ۔ دوٚیہِ لٹہِ کھوٗتُس یورتہٕ دوشوٗ ے پھرِ اوسکھ ژ خوفتہٕ ۔ دو

ۍ یہ لٹہِ گوٚیوس زوسی موفس گرٕ مگر سہٕ اوسنہٕ تتہِ۔ خاٗر اندیشہٕ کرنچ چھےٚ نہٕ ضروٗرت سہٕ وآتہٕ پانے۔ ہتی آس پٔنٕزِ کاٗم کرِتھ تتہِ۔ ژےٚ چھُیہِ پتاہ از دوٚہس پھیوٗرُس بوٚ پٔنٕنس ماس ہتی مےٚ چھُنا مام اُکھ تتہِ ووٗنی پانس ہتی روزان۔ خاٗر تراو ژےٚ چھےٚ نہٕ یمن کتھن ہتی غرض ووٗلسانستا سیہ دِژ پارسل یوٗرِ۔ بہتر چھُ اٗسی مٔژراوون۔ روڈیا ونسا کیا چھےٚ ووٗنی ژےٚ باسان؟"

"شُکر بوٚ چھُس ووٗنی بالکل ٹھیک۔ ووٗنی چھُمنہٕ وودَگ باسان۔ مگر رَازوٗمنہن ژِ چھُکھا بروٗنہہ آمُت یور"

"ووٗنے نامےٚ گیہِ ترےٚ گنٹہٕ پراران"

"ناتمہِ بروٗنہہ چھُکھِ زانہہ آمُت یور"

"مطلب؟"

"دوٚیمہِ ہا ژےٚ گرٕ دوٚہ وٲتی یوریوان؟"

"کیا زِ ژےٚ چھےٚ نایاداز صبحن ہے سوٗرے ووٚنمےٚ"

رَاسکولنِکاف گوٚ وحاٗران۔ یہِ وُنن باسیوٗتس یو ہے خواب ہیوٗ۔ ٹٔمی ہیوٚک نہٕ رٹھ تہٕ ژیٚتس پٲوِتھ۔ تہٕ اوٚکنی لوٚگ رَازوٗمنہنس کُن سوالیہ نظرو وُچھنہِ۔

"ہنہ...... گوٚ و ژےٚ چھےٚ نہٕ کہنی یاد" سہٕ لوٚگس وٕننہِ "مےٚ تجیوتمی وِزِ بوزُن زِ ژِ چھُکھنہٕ پتنین مغزن منٛز اما پوٚ زوٗنی کیس چھُکھ ننبدر کرنہٕ کنی ژِ واریاہ ٹھیک سپُدمُت۔ بُتھِ تلہٕ تہٕ چھُ تی نان۔ چندانہٕ ہیوٗ۔ اچھا ووٗنی گیہِ مطلٔبچ کتھ کرٕنی۔ وُچھ کرمےٚ کُن نظر"۔

رَازوٗمنہن ہیوٚت بوقچہِ مٔژراوُن تہٕ رَاسکولنِکافس تہٕ گنے یہِ دلچسپی۔

"بابا یقین گرٕی زِمےٚ اوسُے واریاہ کالہٕ پتھٕ یہِ اورزوٗے زِ ژِ کرہوتھ اٗسی انسانن منٛز شاٗمل۔ تہٕ بہتر چھُ کلہٕ پٹھے ژےٚ پٲراو کرُن۔ یہِ چھُکھ ٹوٗپی وُچھان"۔

رازوٕمنھن ووٗنس اَکھ ستہٕ موٗلچ معموٗلی مگر نوٗ ٹوٗپی بوٗ قچہ منٛز نبر کڈان کڈان۔

''ووٚلہٕ یہٕ وُچھے یہ ،کرٛشہ گرٛھی ژٕے''

''وُنی کیبس نہٕ پتہٕ بأ گو'' رَاسکولنکافن ووٕہنس ڈبکس دٕرہ لدِتھ۔دٕیتنس دقہٕ۔

''ووٚلسا ووٗنی میانہِ گوٚبریا۔مسا روش۔پتہٕ گرٛشہِ نا ژیر۔مےٚ ماچھےٚ ناپ تُلتھ

أنمٕژ۔مےٚ نے راتس ننٛدرِ زوٚلہٕ تہٕ ییہِ نہٕ۔ا......آ۔یہے ژٕے فِٹ اُیی۔زنتہٕ میوٗ تُلتھ

أنمٕژ چھےٚ''۔......ٹوٗپی یتھٕ تتھٕ لتس کلس پٹھ تھاوِتھ دِژٕ تمی تتھٕ کُنی کرٛیکھ زنتہٕ کانٛہہ قلعہٕ سَر

کوٚرُن۔''لباسس اندر کیاسہہ گرٛشہِ گوڈنی کلپوش شوٗبدار آسُن کیازِ سأرے بروٚنہہ

چھےٚ کلس پیٹھے نظر پیوان۔میون اَکھ دوست تالستائی کوف چھُ کُنہِ عوأمی جایہِ پٹھ

گوٚھنہٕ وِز گوڈے پنٛنی قصابہٕ تگأری ہش ٹأچ کلہٕ پیٹھ بوٚن والان کیازِ تتہٕ چھِ لوٗکھ

صاحب ٹوٗپی دِتھ یا طرح دار ٹوٗپی دِتھ آسان۔لوٗکھ چھِ سونچان سہٕ چھُ شاید غولامنہٕ

ذیہنتہٕ،کُنی کران مگر سہٕ چھُ دراصل تتھ کُلہٕ اول ہش ٹوپہٕ منٛز منٛدِ چھان۔سہٕ چھُ بنیأدی

شرمہٕ بکُر۔نستاسیہ ژٕے کرسافأصلہٕ اَکھ چھے یہِ جہأدی ٹوٗپی کوٚنہٕ منٛز کڈِن رَاسکولنکافنی

پرأنی ٹوٗپی یتھ تمی خبر کیازِ جہأدی ٹوٗپی ووٚن تہٕ ییہِ چھے یہِ نوٗ موختہٕ دلنہٕ ٹوٗپی ونسا دویو منٛز کوسہٕ

اَکھ چھےٚ شوٗبدار۔روڈیا ونسا جانایہٕ کِتِس آسہ مےٚ أنمٕژ نستاسیہ ژٕے وَن سا''؟

رَاسکولنکافس نِشہِ جواب نہٕ میلنہٕ پتہٕ پھیوٗر سہٕ وُنستاسیہس کُن۔

''20 کوپک زیادٕ نہٕ مےٚ باسان کینٛہہ'' نستاسیہن ووٗنس در جواب۔

''ہنہ......20 کوپک زیادٕ نہٕ کینٛہہ......رَازوٕمنھن ووٗتھس ژکھ ہوٗت ژٕے

چھُےنہٕ دراصل دیمباغنے کأم کران۔

''برٛزس کُن چھے ناظرِے امیک مول چھُ برابر 80 کوپک سہٕ تہٕ اوٕ،کُنی زِیہِ

چھےٚ اڈٕ پرأنی۔ییہِ چھُ اَتھ یہ شرط تھاونہٕ آمٕت زِ اگر یہِ دٕریس اند راندری ژھینٛژ

گرٕتیلہِ دِن تم بدلہٕ ٹوٗپی۔سہٕ چھُ تمن ہتی سوخن گرِتھ۔اچھا تہٕ ووٚنی وآنتا وہوٚ یہٕ تُہٕ

یونایٹڈ سٹیٹس آف امریکہ۔ پۄ زُے بۄ زیو مےٚ چھُ یتھ خریدأری پٹھ بڈ فخر"۔ تہٕ أتھی ستی ہوون ‌رَ اسکولن کافس سۄرمٔلی رنگہٕ اوٗنی پتلوٗن۔ "کُنہِ جایہِ چھُس نہٕ داغ یا ٹُھ لوٗ گمُت۔ باسان چھُ یزتھ بند مہنوی سُند چھُ۔ حالانکہِ یتہٕ چھُ لاگنہٕ آمُت"...... تہٕ أتھی ستی ہوونس پتلوٗنکس رنگس ستی رلہٕ وُن اَکھ واسکٹ۔ "روڈیا مےٚ چھُ باسان یتھ صدرِ چھےٚ لاگنہٕ ستی زیادے نزاکت آمٕژ وُچھ کیاہ ملأیم چھےٚ۔ تہٕ بابا اَکھ اہم گتھ ونے۔ یتھ دُنیہس منٛز زندہ روزنہٕ خأطرٕ چھُ موسمس ستی ستی پکُن اشد ضرۄری۔ وونی وُچھ سا اگرے ژٕ جنوری ہنٛدِس ریٚتس منٛز الیسپارگس ژھار کھنہٕ تٔتھ کنہِ ہیکِکھ واریاہ رقم بچأوِتھ مگر کھیٚون چھُ ضرۄری کیازِ یہِ چھےٚ وقتٕچ ضرۄرت۔ امی حِسابہٕ اوٚنمے یہِ لباس چوٗنکہِ ازکل چھُ رہتہٕ کول مے گرتتھی لباسٕچ خریدأری یُس لگہار چھُ۔ گرم لباسٕچ ضرۄرتھ پیٚیہِ ہردِ کالس کیٚت تہٕ تمہِ دوٚہ چھےٚ یہِ پوشاک دأرِتھ دیٚن پیٚیہِ آسن یم پلو توٗ تام گہہ تہٕ آمتی۔ خأر وَن سا کیاہ لوٗن یم؟ جناب بہٕ ونے یوٗرِ ژٕ روبل تہٕ 20 کوپک تہٕ امیک شرطتہٕ بوز۔ اگرے ژٕ یہِ سوٗٹ نألی ژھنگھ تم دِنے بیٚا کھ سوٗٹ مُفت بشرطیکہِ یہِ ؤلی ؤلی موٚکلہِ۔ فیدیاف ستہٕ دُکانک کاروبأری اوصوٗلے چھِ اِی۔ اگرے تمن نشہِ اکہِ ساتہٕ کانٛہہ چیز مٔلی ہیٚوت وُمبرِ پیٹھ چھےٚ ژیٚرٕ ژلان۔ تہٕ چھُنہٕ وو تھمتُے زِ کانٛہہ گژھیک گراو کرنہٕ وونگو مرضی آسبس تہٕ نۄ خریدأری کرنہِ گژھِ۔ تہٕ وُچھتہٕ وونی بوٗٹ۔ ژے کیاہ چھےٚ باسان یم چھِنا اڈٕ پرأنی۔ وونگو واریاہ ربتھ نیر نگھ کیازِ یہِ چھُ فارین مال تہٕ چمرٕ تہٕ چھُک فارین یم چھِ انگریز سفارتخانکی سیکریٹرین پٔتمہِ ہفتہٕ تنگ دستی کنٛی کنمتی تہٕ دپان فقط شیٚن دوہن أسن کھورن ژھنمتی۔ تہٕ قمت ...... فقط ڈوڈ روبل۔ کیٚتھ سودا چھُ؟"

"مگر یم بوٗٹ مانٛس نہٕ برابر" نستاسیٚن ؤنی پنٕن رائے۔ "کیاہ ین نا برابر! تھاو نظر" تہٕ أتھی ستی کوٚڈُن چندٕ منٛزٕ رَ اسکولن کافن گردِ کھیوٗمت پرون بوٗٹ......" بہٕ

چھُس نہٕ ژھر بو اتھو کار کران۔ تِمو تُل یمی بوٗٹہٕ مُطأبق میژ"۔

"اچھا بابا...... سانہٕ دٔسی یہ کینژا آو تہٕ کوٚر۔ ووٚنی یوٗ تام چانہٕ قمیضہٕ ہُنٛد تعلُق

چھُ تمیک بند وبست چھُ چانہٕ مکانہٕ ما ؛لی کبنہٕ کوٚرمُت۔ تمہٕ چھینہٕ اکی قمیض بلکہٕ فأشنہٕ

مُطأبق شاندار کالر دار ترےٚ قمیضہٕ انٛمژ۔ خأر بوزسا...... ٹوٗپی چھےٚ شیٚتن کوپکن۔ دوٚن

روبلن تہٕ 20 ہن کوپکن آو سوٗٹ۔ یم گیہٕ کُل 3 روبل تہٕ 5 کوپک۔ تہٕ بوٗٹک ڈوڈ

روبل۔ ژےٚ وُچھت پانہٕ ناکارٕ چھِنہٕ۔ یم چھِ واتان ژور روبل تہٕ پانژوٗنزاہ کوپک۔

پانژ روبل گیہٕ أندری پلون ہنٛدی۔ تتھ پأٹھی چھُ کُل واتان برابرٕ نو روبل تہٕ پانژوٗنزاہ

کوپک۔ تتہٕ چھِ بچان پانژتأجی کوپک۔ تھاوٕ کھ تم پانس نشہٕ۔ روٗدیاژ گوکھ خوش۔

مہرازٕ ہیٚؤ باسکھ نوٗس پوشاکس منٛز۔ بڈس کوٗتس نیری وُنہٕ زٔدسہٕ تہٕ چھُ وُنہٕ لگہار......

پزی چھُ شار مرسنٛدِ والنہٕ پیٚٹھ سوداہ کرُن نفابخش۔ اچھا ووٚنی یوٗ تام زن موزٕ تہٕ بیٚیہ گنہٕ

چیزُک سوال چھُ تہٕ تھووےٚ ژےٚ پیٚٹھ۔ وُنیہ چھ تمہٕ باپتھ پونسہٕ موجوٗد...... تہٕ یوٗ تام

کھیٚنہٕ چینٛک تہٕ ڈیرُک سوال چھُ تتھ متعلق متہٕ برتہٕ ژٕ کانٛہہ پراوےٚ بہٕ چھسے وثوقہٕ

سان ونان پشنکادِپی ژےٚ میأنس بروٚنٛسس پیٚٹھ کینٛہہ تہٕ۔ ووتھ ساووٚنی بدلاوےٚ بہٕ

ژےٚ قمیض۔ مےٚ چھُ باسان قمیض بدلاونہٕ ستی ژلی ژےٚ زانڈ تہٕ زِلتھ۔

"تلسا بو چھُس تیتھے گنٛز ٹھیک۔ مےٚ متہٕ کر تہٕ کینٛہہ۔ بو بدلونہٕ پلوٗ"۔

رَاسکولنکافن دیُت أتھی ستی تس دکہٕ۔ رَاسکولنکاف اوس رَاز وُمنِہن سنٛز خرید أری

ہنٛز دلیل بڈ بیٚز أری سان بوزان۔

"ووتھ وٗنی، ووتھ وٗنی، وُچھ کیاہ کرکھ تیٚلہٕ اوسا بو موٚنجے کڈان"۔

رَازومُنہن اوس تس زورٕ جبر گرِتھ لالہِ مالہِ اُنٛن یژھان۔ "نستاسیہ تراو سامند چھا أکس

گن...... وولہٕ سا کر سامےٚ مدد۔ یتہٕ مانٛنہٕ سیٚد سیٚو دکینٛہہ...... ہان شاباش"۔ تہٕ

رَاسکولنکافنہٕ ہڑدری باوجوٗد بدلاوٗ تموتس قمیض...... تکبس پیٚٹھ کلہٕ ترأوِتھ پیٚو بیٚیہ

غشس اَندر رتہٕ منٹ زِ منٹ تام گٔرِن نہٕ کھٔنی گتھ۔

''مےٚ آسہا أدٕ یمن بلاین نِشہِ نجات میؤلمُت''۔ سہٕ اوس سونچان ''خریدٲری کتی کتہِ أنتھ پونسہٕ ژٕنے'' آخرکار پرژھنس رَاسکولنکافن کمرچہِ لبہِ کُن بُتھ کٔرتھ۔

''پونسہٕ؟ کیاسا پچھُکھ وننان چأنی پونسے أسی۔ وہر شُنن ہِندی ہرکارن دِتی نایم ژٕنے ماجہِ أسی نٕے سۄزی ہتی۔ ژٕ ینے چھُیہِ یتہِ مشرٕ بے گومُت؟''

''نساووٕنی پیوم یاد'' رَاسکولنکافن وۄنِنس ووٕدأسی ہِندِس عالمس منز واریاہس وقتس ژھوٚپہ کرنہٕ پتہٕ۔ رَاز وِمنِہنن گٔرنس پریشان گژھِتھ نظراہ۔

أتھی اندر آو کُٹھیک برمُژ راونہٕ تہٕ أکھ تھوٚد۔ تنومد نفر ایُس رَاسکولنکافس زأنی باسان اوس ژاو کُٹھِس منز۔

رَاز ومِنہنس رۄدنہٕ پانس تام تہٕ کربکھ دِتھ ووٚنُن خوش گژھِتھ ''وُچھ سا آونا زۄسی ماف''۔



# (۴)

زۄسی ماف اوس قد اور تہٕ مۆٹ دروٗٹ شخصاہ گٔلی أسِس نبر دراٗمتی تہٕ بُتھ اوس صفاشیٖن اکھ ریشہِ وال نہٕ تہٕ مستس أسِ تازے کٹأے گرمژ۔ عأنک آسنہٕ علاوٕ أسِس اکھ اتھچہِ مۆچہِ اونگجہِ سۆنہٕ سُنز وأج لأگتھ۔ وأنسہِ اوس وہرِہ ستووٕہ۔ نألی اوٗسس فأشنہٕ مُطأبِق خأکی رنگہٕ کھُلہٕ ڈُلہٕ کوٹ تہٕ ریٖتہٕ کألی گوٗ پتلوٗن۔ تس اوس اکھ اکھ چیز فأشنہٕ مُطأبِق لأگتھ۔ قمیض أسِس نیپہٕ کران۔ گرِ تہٕ أسِس بمعی چین سۆنہٕ سُنز تہٕ ئو۔ طبیتن اوس کأہلی تباہ تہٕ لاپراوہ اماپوٚ زصاف گووتہٕ نرم انسان اوس۔ تہنٛد بو حرکات وسکنا تو۔ کِنی اوس فِکرِ تران زِرژھا اوس ٹینٹھ ہِش تھوان۔ تہند بن دوستن ہُند ونن اوس زِ سہٕ اوس أندرٕ ہُمل ییمہِ کِنی سہٕ وُتمن تنگ کرن وول باسان اوس۔ یانے رلہٕ وُن نہٕ۔ اماپوٚ زپننہِ کامہِ اند رتہنٛزِ مہارٕ ژہُنٛد اوسکھ اعتراف۔

"بابا بو آسے از دوہس دوٚیہِ لٹہِ گرٕ۔ ژٕ وُچھ وونی چھُ نابہِ ہوشہِ پھیوٚرمُت" رازو منہنن ووٚہنس۔

بالکل ...... بالکل...... تہٕ ؤنیوٚ حضوٗر کیاہ چھُ وونی باسان" زۄسی مافن وۄن رازکولن کافس غورٕ سان نظراہ کرنہٕ پتہٕ صوٗفلِس ڈٔنڈِس پتھ بہان بہنان۔ تہٕ یوٚتاہ اتبتھ ممکن اوٗسس تیوٚتاہ گرِن آرامہٕ سان بہنچ کوٗشِش۔

"یہِ ہسا چھُ مگروٗنتہِ پریشان ہیوٚ باسان" رازو منہنن تھوو کلام جأری ...... "وُنی بدلأوی اسہِ أمِس قمیض اِدِ یہِ کھرٕ وود نس"۔

"یہِ چھنہٕ سیٚزٕ ے کتھا اگرے یہِ مانان اوسنہٕ تو ہہِ پزِ ھے نہٕ ہڈ دری کرٕ نی۔ نبض

چھُس ووٗنی ٹھیک ووتھان۔ ہے کلس ماچھے ژٕ ے وُنہِ دود باسان......ہنہہ؟"

"نہ ووٗنی چھُس بو بالکل ٹھیک......" رٲسکولنکا فن کوٚر پُر اعتماد اعلان تہٕ زنتہٕ ریٚہہ گنڈنس تہٕ صوفہٕ پٹھ رژھا تھوٚ دٕ ئتھ بیوٚٹھ تمن نظرا کرنہِ أچھی آسس زوتان مگر ہتی زن ژمیوبیٚہ شاند گنٔڈس پٹھ تہٕ لرِ پھرُن دِتھ کوٚرُن لبہِ کُن بُتھ۔ زوٗسی موفن دِژنس ہیٚہ وارٕ نظراہ۔

"یہ چھُ بالکل ٹھیک......نبض چھُس ٹھیک ووتھان"۔ زوٗسی مافن ووٗن مگر سُست آوازِ منز "أمی چھا کینٛہہ کھیومُت؟" تمو وونہس سورُ ے تہٕ ہتی پرژھہس زِ کیا کھیٚن دِموس۔

"یہِ ہیکہِ پرٛ بتھ کانٛہہ چیز کھیٚت۔ شوٚربہٕ......چائے ووٚنگو ہیٚڈ رہشہِ سبز ییہ تہٕ کوٚکر گرٛھنس نہٕ دِنی۔ أہنٛدِ خاطرٕ اوس بہتر اگرے مازتہٕ دیٚ ہوس نہٕ......اچھا خأرتو ہہِ چھےٚ نہٕ تہٕ بوزنٕچ ضرٗرتھ"۔

رٲزومنہِن تہٕ تمی کٔر پانٕہ وأنی نظراہ......"ووٗنی چھُنہٕ أمس دواہ دیُن یا ہیٚہ کینٛہہ دیُن۔ پگاہ ییمہ بہٕ ہیٚہ......تہٕ مایمہٕ أزی......اما پوٚز تو ہہِ چھےٚ نہٕ پگاہ فِکر کرنٕچ ضرٗرتھ"۔

"دپیوم پگاہ شامنس نمن بو یہِ چکراہ کرنہِ پانس ہتی" رٲزومنہِن ووٗنُس۔

"یوسو یوف باغس کُن نیرٕ ہوتہٕ تمہِ پتہٕ پیلس دیٚ کرسٹل......"۔

"پگاہ دِمہٕ نہٕ بو أمس کُن نیرنک اجازت۔ مےٚ چھُنہٕ فِکری تران تُہو......اچھا کینٛہہ قدم......خأرتہٕ وُچھو پگاہ"۔

"ہے اے......یہِ ہےٚ مشکل گوٚ وتیٚلہِ! ازشامنس چھےٚ نامےٚ گرِ تقریب۔ ییتہٕ پٹھ چھُنہٕ تیوٚت دوٗر......یہ ہیکِنا تورتہٕ ییتھ؟ أمس چھا تیٚلہِ صوفس پٹھے بہتھ روزُن۔ خأرژٕ یکھ پانٕہ ضرٗر۔ ہِنہٕ واڈِ مشراوکھ"۔ رٲزومنہِن ووٗن زوٗسی مافس۔

''ٹھیک چھُ ......مگر ژیری پہن ییمہٕ ...... کھیاوکھ چیاوکھ کیاہ''

''ہا تیوٗت زیادٕ نہٕ کینٛہہ ...... چاے...... وُڈ کا تہٕ گُرن۔ مے چھےٚ فقط پٔنٛتھن یارن دوستن دعوت کرٕنٕژ''۔

''کُس کُس چھُ؟''

''اَکھ چھِ ہمسایہ تہٕ بییہٕ نٔوی نٔوی ساٗری یار دوست۔ وونٛگو میأنس ماسس ورأے حالانکہِ سہٕ تہٕ چھُ نوبن اندرٕ ے شُمار یوان۔ کیازِ پیٹرس برگ چھُ سہٕ یوٚیوے کاربارٕکس سِلسلس منٛز ووتمت۔ پانژن وٚریٚن اندر رچھأسی اکہِ پھرٕ سمکھےٚ ہتٕ''۔

''سہٕ کیاہ چھُ کران؟''

''سہٕ اوس ضلعہِ سطحُک پوسٹ ماسٹر تہٕ ووٚنی چھُ سُبکدوش گوٚمُت۔ کم کاسہٕ چھُ پیٚنشن نوان۔ سہٕ چھُ وہرِ پنٛژ ہأٹھ۔ خأر اَسہِ کیاہ چھُ فأیدٕ تسنٛز دلیل دأیرٕنی۔ وونٛگو پیٚرٕ ہن ونے مےٚ چھُ سہٕ سخ ٹوٹھ۔ پراوفری پیٹرووچ تحقیقات محکمُک ہیڈکلرک تہٕ ییہ، سہٕ زانہن ژٕ''۔

''سہٕ تہٕ ماچھےٚ رشتہٕ دار؟''

''چھُ مگر سبٹھا دوٗر ریومُت رشتہٕ دار۔ مگر ژےٚ کیازِ ژ کروٗتھ بُتھ؟ اوے کٔنی یازِ توٚہہِ چھوٕ اکہِ لٹہِ ہُر کرٕنٕژ۔ ووٚنی یکھناٚ ژ؟''

''ہامےٚ کیاہ چھُ تس ہتی ...... مےٚ چھِ تھتی موہنوی چکارس کھسان''۔

''وُچھتہٕ کیاہ گوٚو جان تہٕ زبر......کینٛہہ طألب علم، اَکھ ووستاد، اَکھ سرکأری مُنش، اَکھ گبون وول، بیا کھا اَکھ افسر تہٕ زیمی تاف تہِ چھِ ییٚنہٕ وألی''۔

''مگر مےٚ ونسا......ژےٚ یاہِمس'' زوسی مافن کوٚرٕ اسکولن کافس کُن اشارٕ......

''زیمی تافس ہتی کمہِ رنگہٕ چھوٕ توٚہہ ہشر یوان۔ یوٚچھس راوان''۔

''وُچھ ساتھ اصوٗل پرست خاص قسمکی انسان چھوٕ اصوٗلن ہنٛدی گژسوٗرے

مینان بامے توہہِ کیاہ تہٕ مجبوٗری آسی تَن۔ پننہِ مرضیہ مُطابق پکنس چھُوٚ نہٕ تُہہِ جُرعت کران۔ اگرے کانٛہہ انسان رُت چھُ مےٚ چھُ سہٕ خوش کران۔ تہٕ زیمی تاف تہٕ چھُ تہِ تھےٚ خوش طبیعت موہنیوٗ۔

''حالانکہِ سہٕ چھُ رشوٕ خور''

''آ...... رٹان چھُ ...... مگر مےٚ کیاہ چھُ تتھ ہستی۔ مےٚ پیٹھ پیٚیہِ نہٕ تمیک کانٛہہ اثر'' رَاز وَمنہعن وۄنُس ہنابُمہٕ ژُکرأ وِتھے۔ ''بہٕ کتہِ چھُس لتس اوٕ کنی تأریف کران زِ سہٕ چھُ رشوت خور۔ بوٚ چھُس یتہِ ونان زِ بحیثیتہٕ انسان چھُ سہٕ اَکھ رُت موہنیوٗ۔ مگر بہٕ زَن پرٕژھے ژےٚ، اگرے أکِس انسانس پرٕ ہتھ پہلوٗ پرکھاونہٕ ییہِ تیلہِ نے اونگجہِ ٹھنڈہن پیٹھ گنزراونس سوٚنب دوستی لایق نفرتہِ اتھِ ہین نہٕ۔ چھا کِنہٕ نہ۔ بوٚ ونے مےٚ چھُ باسان زِ بوٚ لَوٕنہٕ تیلہِ گنڈٕ ژُژتہِ ......شاید نہٕ ژتہِ تمہِ زیادٕ''۔

''نہ نہ یہِ گوٚو سبٹھاہ کم ...... بوٚ چھُس ژٕ دون گنڈن مٔلی ہیٚنہٕ خاطرٕ تیار''۔

''مگر خبر کیاہ تے کرکھ بوٚ دِمے نہٕ اکہِ گنڈٕ کھوٚتہٕ علاوٕ قمت ژےٚ۔ تھاوسا وونی گیہِ جتہٕ مسخرٕ لی تراوٕنی۔ زیمی تاف چھےٚ بچورُونہِ زن اکھ شُر۔ اگرے بوٚ تمِس ٹوٚپ تہِ کھُنٛزِ تھانہٕ مےٚ چھُنہٕ باسان سہٕ کیا کرِ۔ واد۔ مگر تُہہِ کرِ زیوٗس قدرٕ ے۔ تمی ہستی چھُ انسان لیہِ یوان۔ ہَنہِ ڈرنہِ تہٕ مقابلہٕ لگنہٕ ہستی چھُنہٕ کانٛہہ وُنیُس تام سُدریوٗمُت خاصکر اَکھ شُر۔ أکِس شُرِس نشہِ پتھٕ شینٛوٗے حبس ہُشیار پیٚوان تھاوٕنی۔ مگر تُہہِ احمق الناس ترقی پسند ہیکیوٗ نہٕ یم کتھ سمجتھ۔ تُہہِ چھُو دراصل یژھان بیٚیہِ سِندِ کلہٕ پیٹھی پکُن مگر کسرِ تلی چھُوٕ پوٚنی گژھان تہٕ توتہِ چھِوٕنہٕ پالیس پیوان ......تہٕ ووٚنی ییلہِ ژٕ زانُن یژھانےٚ چھُکھ ......حضرت اسہِ دۄ شوٕنی درمیان چھےٚ اَکھ کتھ مشترکہٕ''۔

''خبر کیاہ...... بہٕ تہِ چھُس تی یژھان زانُن''

''اکہِ مکانِکس رنگسازس متعلق...... أسی چھِنہٕ سہٕ تتکہِ جنجالہٕ منز موکلاوُن

یژھان۔ حالانکہِ تتھ منز چھُنہٕ ووٚنی اَسہِ کانْہہ خوف یا ڈَرتہٕ اُسی چھِ معاملکس ژُکس تل وأتمتی ۔ وونگووُنہِ چھس اُسی ہٕرلأ رگتھ تھوان"۔

"رنگساز"

"ژےٚ چھےٚ نامےٚ تتھ متعلق وُنمت ۔ تس ہٕنس پیٹھ قرضہٕ دِنہٕ واجنہِ بُجہِ ہندِ قتلچ دلیل وننہٕ برونْہے وَنیومےٚ اُمسی رنگسازس متعلق ۔ دپان سہٕ چھُ اَتھ کیسس منز ملوث"۔

"اچھا اچھا...... اہنسا تتھ قتلس نسبتھ بوزومےٚ ۔ بڈٕ دلچسپ دلیل چھکھ کرمژ...... باسان چھُ...... تمیُک وجہ چھُ...... خارمےٚ چھُ اَتھ متعلق اخبارس تہِ پٔرمت......"۔

"لزواتا بچأرِ تہِ چھےٚ قتل کرنہٕ آمژ" نستاسیہ وٕژھ منزی رَاسکولنکافس کُن۔ سوأس اوتام کُٹھس منزٕ ےدروازس نزدیک یہِ سورٕے بوزان۔

"لِز واتا" رَاسکولنکافن کرُوٹھ فِسراوٕ ۔ "لزٕ واتا یوسہٕ پرأنی پلوینہٕ کٔنِتھ کاروبار کران اُس ۔ ژٕ زانہٕ ہن ناسوےٚ یوریوان اُس ۔ چانہٕ اُکِس قمیضہ تےٚ تمہِ ٹیب دِژأ یہِ"۔

رَاسکولنکافن پھیُر بتھ لبہِ کُن تہٕ کُٹھِ چھنِ لبن لأرگتھ کاغذس پیٹھ بناونہٕ آمتیو پوشو منزٕ لوٚگ بڈٕ ئسرنی پأٹھی اکِس اوگرِ تھوگرِ سفید پوشس وُچھنہِ ۔ تہٕ اچہِ اکِس اکِس رکھِ لوٚگ سام ہیٚنہِ ۔ تہٕ امکی پوشہٕ وٕتھر گنزراونہِ ۔ وٕتھرن ہندی خم تام اوس وننہِ کڈنچ کوٚشش کران ۔ نربن زنگن اوُسس نہٕ حبس تہٕ ہیکتھ زنتہٕ وٕہلأ وِتھ آسہٕ ہس نمژ ۔ سہٕ اوسنہٕ پانس حرکت تہِ کران مگر پوشس کُن اوس سبٹھے سرٕنی پأٹھی وُچھان۔

"مگر رنگ سازس کیاہ کھوٚت" زٕ ئسی موفن وُن نستاسین کتھ ژٕتھ منزی زنتہٕ تِمس نستاسینہٕ کتھ کھران آسہٕ ۔ تمہِ ترووزٕ یوٚٹھ ووش تہٕ روٕ ژھوٚپہ کرِتھ۔

"خطا کیاہ گوٚ ژھس آسن...... تس چھُ الزام زِ بجہِ ہُند خوٗنی چھُ سےٚ"۔

''لتس خلاف آسہٕ کینٛہہ شہادت...... کانٛہہ گواہ تیٚلہٕ؟''

''شہادت...... آترٛتھ شہادت یوسہٕ نہٕ شہادتے چھےٚ...... تہٕ سۆے چھےٚ کتھ یہٕ اَسہِ ثابت دیُن چھُ گرِتھ۔ حد چھُ یہٕ زِ گوڈٕ آسی تمو دربان تہٕ پیٹریا کاف رٔٹتھ نیمتی۔ ہیٚنہٕ کیاسا حماقت چھِ یم کران۔ نفرت چھِ گژھان یِہنٛز کارکردگی وُچھِت۔ حالانکہِ اَسہِ چھُنہٕ اَتھ ستی کینٛہہ واسطہٕ۔ اکھےٚتے مایہِ پیٹریا کاف ازشامنس...... منٛزی ونے روڈیا ژےٚ چھُتھہٕ بوٗزمُت زِ معاملہٕ کیاہ چھُ۔ یہِ واقعہٕ چھُ اوترٕ ییٚلہِ ژٕ بیمار اوسُکھ تمہِ برونٛہہ اَکھ دوٚہہ سپدمُت۔ ہاییٚلہِ ژےٚ پُلسہٕ دفترس پیٹھ غایلہٕ اوسُے گومُت۔ ییٚلہِ ناتہٕ اَتھی واقعس نِسبتھ کتھ کران آسی''۔

زوٗسی موفن گرٕراسکولن کافس عجیب پاٹھی نظرا۔ مگر تمی گرنہٕ سۆسراے تہٕ۔

''مگر راز ونہٕن بو چھُس حارٕتس پیٚوان۔ ژٕ چھُکھ زن شیطانہٕ سُند مُنش'' زوسی موفن وونٛنس۔

''ممکن چھُ آسہٕ ما وونگو سہ کرون ضرور آزاد'' راز ونہٕن ووٚنٛنس زورٕ سان میزس دوگ لٲیتھ۔ ''تمن کتھ پیٹھ آو ضریٚر واتناونہٕ۔ تم چھِ ناپزٕ ونان؟ مگر اَپزٕ وُنن چھُ معاف تہٕ یوان کرنہٕ...... اپزٕ وُنن تہٕ چھُ مزٕدار چیز کیازِ یہِ چھُ پزٕرس گٔن نِوان۔ ووٚنی کیاہ چھُ زیادٕ کھران، یہٕ زِ یم لوٗکھ چھِ اپزٕ ونان تہٕ پتہٕ پنٛنہٕ اپزٕ چ عبادتھ کرنہٕ بہان...... مےٚ چھُ یہٕ سورُے تسلیم مگر گوڈٕ دلیل کیاہ بنیٚ یہٕ زِ کوچ تہٕ پیسٹری کاف آیہٕ گرفتار کرنہٕ۔ اِی زِ گوڈٕ اوس بجہٕ ہندِ گٹھیک بر بند تہٕ پتہٕ ییٚلہِ تم دربان ستی ہتھ واپس اٲے براوس ووتھے۔ امی کنی باسیو تمن زِ کوچ تہٕ پیٹریا کوف چھِ خوٗنی۔ یہے چھےٚ تہنٛز دلیل۔

''اوہ ژٕ کیازِ چھُکھ تو ہہٕ پھلکی پاٹھی تھوٚد گژھان وُتھی وُتھی''۔ تمو تھاوی تم بند کیازِ امہِ ورٲے اوسکھنہٕ چارٕ...... منٛزی ونے بو سمکھیوس کوچس تہٕ سہٕ چھُ اوسمُت بجہٕ نِشہِ تم چیز مٔلی ہیٚوان یم نہٕ چھٕڑاونہٕ یوان آسی۔ کولل''۔

''ہائسہٕ ہے ٹھگِے چھُ تہٕ ...... اکھتُے اوس سہٕ بُجہٕ نشہٕ قرض ہنہٕ والین ہنز ہونڈ تام تہٕ مُلی ہیوان ۔ تس چھُ کاروبار ے یہے ۔ حدٕ گژہت ذلیل چھُ ! تو ہہ چھا پاہ مے کیاز چھےٚ شرارت کھسان ۔ تہند طریقہٕ کار چھُ سبٹھے کمزور ۔ بکار تہٕ حأران گن ۔ تہٕ باسان چھُ ییمہٕ معاملہٕ کُنہ گژھن وقایٕد رأیج ۔ نفسیأتی طور چھان ہین کرنہٕ ستی ہیکہٕ اصلی مجرم سُند نیب کڈنہٕ یتھ ۔ تم چھِ ونان زِ اَسہٕ بروٚنٹھ کنہٕ چھےٚ ٹھوس حقیقت ۔ اما پوز ز پربتھ کینہہ چھُنہٕ حقیقت آسان ۔ نصف مسلہٕ چھُ یتھ منز گیتھ زِ تیٚچ تشریح کتھٕ ہیکہ ژٕ کرتھ یعنی حقیقت گتھ ونو'' ۔

''بہر حال ییلہِ انسان وُتشل جذبن ہنز گتہٕ منز ہینہٕ یوان چھُ پتہٕ چھُنہٕ زِہو لاکم دِتھ ہبکان ۔ بلکہ چھُ تہس حالتس اندر مجبور انسانہٕ سُند مدد کرُن فرحت بخشان ، اگر ے ممکن آسہٕ ...... کنہٕ زنہ؟ امہٕ معاملک تفصیل چھیہ ژٕیےٚ معلوٗم'' ۔

''بوچھس پراران رنگ سازٕ سنز دلیل بوزنہٕ موٗ کھے'' ۔

''آ ...... بو ونے ۔ بوز دلیل کیا چھےٚ بنان ۔ بُجہٕ ہنٕد قتلہٕ پتہٕ تریمہٕ دوہہ صُبحأے ییلہِ کوچ تہٕ پسٹر یا کوفس تفتیش سپدان اوس ۔ پرژھ گأر کرنہٕ وِزِتھونہٕ تمو کأنہہ قدم ٹلن باہٕ قےیہ زن لأزمی اوس ۔ سہٕ عذاب کوٚر ہکھ نیزٕ ٹھاکونہٕ ستی گژھبکھ نہٕ یتہٕ ۔ تم بچأری اُسی پننس پزرس پیٹھ ڈٹتھ ۔ تہٕ اُتھی اندر چھےٚ اکھ تژھ دلیل سپدان ییٚچ نہٕ وومیدی اُس ۔ سأرے لوٗگ ولہٕ گتن ۔ ڈشکن ناوٗک اکھ گروٗستا سپُد تھانس منز حاضر ۔ تس چھُ بجہٕ ہنٕدِس مکانس مقابلہٕ شرابہٕ خانہٕ ۔ زیوراتن ہُند اکھ ڈبہٕ یتھ منز دوٚر جور اکھ اوس پیش کرنس دوران وُنی تمی اکھ کھری دار داستان یتھ نہٕ کُنہِ لوٗٹ تہٕ نہ ہوٹ اوس ۔ وننہٕ لوٗگ ...... یُہ راتھ اُتھ بجہٕ پتہٕ ...... خیال کرُکس دوہہ تہٕ وکھ چھُ ...... آو رنگساز نکولأیس زن بروٗنہہ تہٕ دُکانس پیٹھ یوان اوسُم حسبِ عادت میأنس دُکانس پیٹھ تہٕ پلناوان چھُم یہ ڈبہٕ یتھ منز دوٚر جور تہٕ یم پھٔلی اُسی ۔ امہٕ بدلہٕ منجبن مے زٕ روبل ۔ ییلہِ

مےٚ پرٛژھمس زِ ژیےٚ کتہِ اوسُتھ یہِ ڈبہٕ درجواب وۄتھُم مےٚ لوٚب یہِ وتہِ پٮ۪ٹھ۔ تہٕ پتہٕ پرٛژھمس نہٕ مےٚ مزید کہنٛہ، بوچھُسے یہِ ڈِشکن سٟنٛز وٕنمٕژ دلیل وَنان تہنٛد نےٚ لفظن منٛز۔ اِدِ مےٚ دوپمس اَکھ لوٗٹھ دمے۔ اَکھ روبل کیازِ بوٗنے یہِ گرورٹس یہِ تھاوِہ بدل کانٛسہِ نِشہِ تکیازِ یہ اوس امی خاطرٕ دژ امُت۔ تہٕ چیون اَتھ پوٗنس شراب...... مےٚ نِشہِ اوس یہِ ڈبہٕ تمی تہہ موجوٗد۔ کیازِ کانٛہہ کتھ ژوٗ رِتھاوٕنچ پیٚٹھ ازیادٕ کوٗشِش کران چھُ تیوٗ تاہ چھُ تتھ نٕبر گژھان۔ مےٚ دوٚپ اگرے کُنہِ قسمُک اشتباہ اَتھ متعلق بوزٕ بو کرٕ تیلہِ یہِ پلسس حوالہٕ۔ تہٕ تی سپٕد تہِ بو آس حاضر یہِ اُس تہنٛز افراسہائی کیازِ سہٕ خبیث چھُ اپُز وَنان۔ بو زانس مۄل تام۔ سُہ چھُ قرض خواہ تہٕ رازدار تہٕ تمی اُسی نہٕ 30 روبلن ہٕنٛدی یم چیز نکولائی یس نِشہِ پُلسس حوالہٕ کرنہٕ خاطرٕ گرورٹمتی بلکہِ پننہِ مفادٕ خاطرٕ مگر بجہِ ہُنٛد خوٗن سپدنہٕ کٕنٛہ کھوٗژسہٕ بنان چھُ لتس شوٗٹھس مالگہِ پرژھ گأرتہٕ آو ازخود زنگہِ موکلاونہٕ باپتھ یہِ دٕلیل گرِتھ بروٗنہہ کُن۔ خأراَسہِ کیا فرق پٮ۪یہِ۔ ڈِشکن سٟنٛز ذأتی کہأنی یہِ پھیرُ دِنہٕ ٲستی۔ اُسی یِموٚ بٮ۪یہِ تہنٛزی کتھِ کُن...... تمی وۄن ''نِکولائی زانن بولوٚ کتہِ پانہٕ پٮ۪ٹھے۔ سہٕ چھُ میانی صوبک تہٕ ضلع زاریسکُک روزن وول۔ اُسی چھِ یکہٕ وٹہٕ پر تھٲیمتی۔ یوٚ دوے زن نکولائی عأدی شرأبی چھُنہٕ مگر چیٚوان چھُ۔ مےٚ چھُ وارٕ معلوٗم زِ تمی اُس بجہِ ہٕنٛدِس تتھ مکانس منٛز کأم رٕژمٕژ۔ رنگ وروغن کرنٕچ کأم دِمتری اوسُس شُری کأتِس۔ سہٕ تہِ چھُس گامہٕ بویی۔ تتھے اَکھ روبل رٹِن تمی پھُٹہٕ رأویہِ تہِ بانبرٕ بانبرٕ شراب بوتل مٔلی ہٮ۪تھ چیٚنٛز کینٛہہ گلاسہٕ یکدم تہٕ باقٕے پھُٹہٕ ووٹ چندسٕ تھأوِتھ دژ اوفوراً کوٚت تام۔ تمہِ وِزِ وُچھنہٕ مےٚ دِمتری۔ امہِ پتہٕ دوٚیمہِ دۄہہ بوٗزمےٚ زِ تمی تام چھُ علیونا ایوانونایہِ تہٕ تہنٛزِ بینہِ لِزواتا ایوانونایہِ ہُنٛد قتل مکٕژ ٲستی کوٚرمُت۔ بوزانکھ تمہٕ بینہِ تہٕ بو پیوس دوٗرٕ جورٕ کٕنٛہ فوراً شکس اندر کیازِ مےٚ چھُ پتاہ زِ بڈٕ اُس گروِس پٮ۪ٹھ چیز رٕٹِتھ قرضہٕ دِوان۔ بو گوس تتھ مکانس پٮ۪ٹھ تہٕ بےٚ شوٗنکھی پأٹھی ہیوٚتُم کینٛہہ وننہٕ کرنہٕ ورأے شاہ وونٛدِ۔ سارِوے

بروٚنٛہہ پرژھمکھ مےٚ اِی زِنکولائی َ چھاینٛتہٕ کِنہٕ نہ؟" دِمتری ہن وۄن مےٚ زِنکولائی َ چھُ لوٚپنہٕ لنٛڈا پنٛنین عاشٕ درامُت۔ شراباہ چیتھ آیو گرٕ تہٕ مِنٹ داہ مرٕ ٹھہرِتھ دژا اوواپس۔ تمنہٕ پٔتھ اوسنہٕ دِمتری بن وُچھمُت۔ ییمہٕ کِنٛز سہٕ کٲم کٔنہ ظوٚن مکمل کران اوس۔ تم ییٚتھ کٲم کران أسی تمہٕ ہیٚر مِس پو ہرس منٛزٕ ے چھُ قتل کرنہٕ آمُت۔ یہٕ سوٗرے بوزنہٕ پتہٕ گرنہٕ مےٚ کأنسہٕ ستی کانٛہہ گتھ"۔ بوزان چھُکھ ژٕ۔ بروٚنٛہہ کُن چھُ سہٕ وَنان......"مےٚ یہ کینٛژا قتلس متعلق معلوٗم کرُن اوس تہٕ کوٚرُم تہٕ دژاس گرٕ کُن مگر میون شک گوٚ وپوٚختہٕ۔ تہٕ از صُبحٕ أٹھِ بجہِ" امہِ دوٚہ أسی قتل سپدی ہٕتس ترینٛ دوٚہ گأمتی۔ "وُچھ مےٚ نِکولائی یوان۔ سہٕ ژن اوسنہٕ ہوشس منٛز۔ حالانکہِ شراب تہِ اوسُن نہٕ زیادٕ چیومُت۔ کیازِ یہِ کینٛژا اونان أسس تہِ اوس سوٚنچِتھ سمجھِتھ ہبکان۔ سہٕ بیوٗٹھ ژھوپہٕ دَم گرِتھ میزس پٔٹھ۔ تمہِ وِزِ اوس لتہِ اَکھ ازأنی خریدار تہٕ بیٚہہِ بیا کھ نفر ائیس بوزانان اوسہٕ سن میزس پٔٹھ شوٚنگتھ۔ تمن علاوٕ أسی ملأزِم لونڈٕ ژٕ۔ "دِمتری وُچھنہ ژینٛ" مےٚ پرُژھتس "نہ......نہ سہٕ وُچھنہٕ مےٚ" تمی ووٚنُن درجواب، مگر ژٕ نے چھُکھ ییٚتہِ تہِ اوسمُت؟"......"آ......آیو رلتہٕ پٔتھ اوُسس نہٕ ییٚتہِ" تمی ووٚن۔

"تیٚلہِ کتہِ اوسُکھ ژٕ پٔتمہِ راژٕ شوٚنگتھ" پیسکی منٛز لولومینسکے نفرن ستی" یم کُنہٕ دوٗر کتہِ أنی تھکھ تیٚلہِ؟ مےٚ پرژھُمس۔

"یم أسی مےٚ سرونگہِ منٛز" مگر ییمہِ آیہِ تمی جواب دیُت سہٕ اوس پرژھاسُن لایق۔ تمی تُج نہٕ أچھے مےٚ کُن۔ "ژےٚ بوزِتھ تمہِ دوہہ کیاہ واقعہٕ چھُ تمی وِزِ تھی پو ہرس پٔٹھ سپدمُت؟" میانہِ کتھِ بوزنس دوران اوس سہٕ بےٚ خیألی اندر کتھ تام سٔنِتھ نبر کُن وُچھانٕ۔ تہٕ بُتھِ چھُ نکی پأٹھی سفید۔ مےٚ ووٚن تس اَتھ واقعس متعلق ألفہٕ پٔٹھ یے ہس تام"۔ تمی تُج پنٛنی ٹوٗپی تہٕ ہیوٚتُن نیرُن۔ یو اوسُن وُنہِ سہٕ ٹھہراوُن یژھان "نکولایی بہہ سا تام" مےٚ وونمس "ژٕ چھکھ نا کینٛہہ؟" أتھی ستی کوٚر مےٚ لونڈس درواز بند کرنک اِشارٕ

پانہٕ وڑاس میخانکہِ پٔتمہِ درواز کِنہِ نیبر۔ أتھی منز ژوٚل سہٕ ژھل کٔرِتھ تہٕ سرٕ ونگہِ منز وأتِتھ کٔڈِن ژُ پنجل ٹِکھی۔ تمہٕ گوٚنہٕ مےٚ سہٕ نظرِ۔ یتھٕ کنہٕ ژٔلی مےٚ سأری شک۔ یہِ کارنامہٕ اوس تٔھنٛد ے۔ یہِ زن دُھلی گاٹھکی پٲٹھی صاف تہٕ نوٚن چھُ......"۔

"مےٚ تہٕ چھُ اِیی باسان" ژوٚسی موفن کوٚراتھ کتھِ ستی اتفاق۔

"بوزتہٕ پتہٕ کیاہ دلیل چھےٚ بنان۔ نِکولائی لیس لوٚگ تیلکی پٲٹھی ژھانڈو۔ یپأرِ کوٚرُکھ ڈِشکن گرفتار تہٕ ستی کٔرہس گرس تلأشی۔ دِمتری تہِ اوتھ نرِ پھرتی تہٕ لولو مینسکے نفرن تہٕ کوٚرُکھ رٕزگز۔ اِ کیاہ تہِ نِکولائی اوتھ اوترٕ قصبہٕ کِس انٛدس پٔتھ اکہِ شراب خانہٕ منزٕ گرفتار کٔرِتھ۔ سہٕ اوس اور شراب چینہِ گوٚمُت تہٕ دپان شراب خانہٕ کِس مالکس اوسُن پنٕنہِ گردنی منزک چانٛدِ ہُنٛد صلیب دِتھ أکھ پیگ شراب موٚنگمُت۔ تمن کیاہ حرج اوس تہٕ دِتہس۔ امہِ پتہٕ چھےٚ دلیل بنان کینٛہہ برٛونٛہہ گوٚژھِت چھےٚ أکھ زنانہٕ پنٕنس گُپن گانس انٛدر کیاہ تام کرنہٕ اژان۔ یِیتہٕ تس گانچہِ لبہٕ ہنٛزٕ اکہِ کھڑٕ پہِ منزی نکھ تلہٕ کِس طبیلس کُن نظر پیوان چھہٕ۔ أمی شخصن چھُ امہِ طبیلکِس داروس آویزان یزار بنٛدس گنٛڈ ژٕھنِتھ کوٚر بنوومُت آسان۔ تہٕ لُکرِ مُنٛڈِس پٔتھ کھٔسِتھ اوس أتھی کٔرِس منز گردن برٕنچ کوٚشش کران۔ تمہِ زنانہٕ تُل کرٕبکہٕ ناد۔ زوٕر زوٕر کرٕبکہٕ دِی دِی سیٚد ے طبیلس انٛدر۔ 'گوٚو ژٕ چھُکھ پان پھہہٕ دِنہٕ کھوٚتمُت"۔ تمی ووٚن لوٚکن ......"مےٚ وآتناؤ یوٚ پھلأنی پُلسہٕ افرس نشہِ۔ بوٚ کرٕ پربتھ کُنٛیک اقرار۔ لوٚکو وآتنوو سہٕ تِتھ تھانس منز......یِیتہٕ سہٕ وُنتہِ حفاظتس تل چھُ۔ تھانہٕ وألی لگی تس بکواس پرٕژھنہٕ مِثلن وأنسہٕ کوٚتاہ چھُ۔ ......

22 وُہرتہٕ وغارٕ وغارٕ۔ آیتھ سوالس زِ"یِیلہٕ ژٕ دِمتری لیس ستی کأم کران اوسکھ فلأنی وقتہٕ ماؤ چھوون کانٛہہ ہیوٚر کھسان؟" ووننکھ تمی در جواب "مےٚ چھُ یقین زِ واریاہ لوٚکھ آسن کھٔتمتی ؤہتی مگر مےٚ وُچھنہٕ کانٛہہ"۔ "اچھا تہٕ کینٛہہ مابوزٕو کتھ کتھا۔ کرٕبکھا چکھا یا بیٛنہ کینٛہہ؟" اَسہِ بوٚزنہٕ کینٛہہ خاص"۔ "تہٕ ژٕ یےٚ بوٚزتھٕ نکولائی زِ فلأنی بڈٕ تہٕ تسنٛز بینہِ ژھکھ

تمی دوٚہہ ماٲرتھ ژھنٕمٕژ تہٕ لُٹاوِمٕژ،، "مےٚ اوسنہٕ اتھ متعلق کانٛہہ علم۔ یہٕ بوٗزمےٚ اوترٕ ایفانسی ایوانو وچس نِشہِ،، ۔ "تیٚلہِ کتھہٕ، اَنتھ ژےٚ یم کنہٕ دوٗر؟ مےٚ تُلی یم پٔترٕ پپٹھ ۔ ژٕ کیازِ گوکھنہٕ تمہِ صجس دِمتریس ستی کامہِ ؟،، ۔ "کیازِ بو اوسُس شراب چوان،، ۔ "شراب کتہِ اوسُکھ چوان،، ۔ "اوہ...... فلاٛنی میخانہٕ منٛزٕ،، ۔ "ڈِشکنس نِشہِ کیازِ ژۄلُکھ ؟،، ۔ "بو تھاریوس،، ۔ "کیازِ؟،، "اِ َکنی زِینہٕ مےٚ پھساون،، ۔ "ژےٚ گُس خوف اوسُے،، ۔ اگر ژٕ پان بےٚ قصوٗر زانان اوسُکھ،، زوسی موف ژٕ کرکھ نہٕ وُنی کبس یقین مگر یہِ سوال پرٕژھُس تمو کتاٛبی اندازس منٛز یمن لفظن اندر۔ نساٛژ چھُکھ حق تہٕ پوٗز ونان ۔ مےٚ تہِ اوس یتھے گٔنی بوٗزمُت !،، ونتہٕ ووٗنی اتھتھ کیاہ ونکھ تیٚلہِ ؟،، ۔

"خاٛرہے امیک ثبوٗت چھُ ضروٗر،،

"نہ ...... نہ ...... مےٚ چھُنہٕ ووٗنی امِکس ثبوٗتس ستی غرض بلکہِ پُلسہٕ والین ہُنٛدِس سوالس ستی ۔ زِیم کتھٕ گٔنی چھِ پٔننی خیالہٕ فاٛصلہٕ دِوان ۔ بہرحال پتہٕ کوٗرہس کاٛنی لتارٕ تہٕ تمی کوٗر اقبال زِیم تُلی نہٕ مےٚ کوچہٕ منٛزٕ بلکہِ تمی فلیٹہٕ اندرٕ ییتہِ بو دِمتری یس ستی رنگ ساٛزی کران اوسُس،، ۔ "تہِ کتھٕ گٔنی ؟،، ......تس پرٕژھُکھ ۔ "دِمتری تہٕ بو اٲسی ناتتہِ دوٚہہ دوٚہس کاٛم کران ۔ پتہٕ ییٚلہِ اٲسی شامن باٛگی نیرنہٕ خاٛطرٕ تیاٛری کران اٲسی ۔ دِمتری ین تُل بُرش تہٕ موتھنم بتھس رنگ ۔ تہٕ ژوٗل نبر ۔ بو دوریوس تس پتے ۔ بو اوسُس تس واٚہی تماٛہی ونان ونان پتے دوران زِہیرِ وٚستھ لوٗگ دربان تہٕ بیٚیہ کینٛژن نفرن میانہِ ستی دقہٕ ۔ تم کِتیاہ نفر اٲسی تہِ چھُم نہٕ یاد ۔ ژوٗکی درن ووٚن مےٚ بدردتہٕ دوٚیم ژوٗکی دَرتہٕ لوٚگ واٚہی تباٛہی وہنہِ ۔ ژوٗکی در سٕنٛزٕ زنانہٕ دژاٛیہ اَندرٕ پٹھ تہٕ سوتہٕ اَژ اَسہِ وُہوہو کرنہِ ۔ اَتھی اَنٛدرٕ ژاٛے زِباٛژِ وٗتس منٛزٕ تہٕ تم تہٕ لٔگی اَسہِ فاش پرنہٕ کیازِ دِمتری تہٕ بو اٲسی وتھ رُکاٛوِتھ ۔ مےٚ روٗٹ دِمتریٚس مَس تہٕ پوٗدم پتھرتہٕ لوگمس ماردیُن ۔ وونگو اٲسی اَسی نہٕ یہِ گُنہِ شرارتہٕ کران بلکہِ اٲسی خوش گفا کران گنٛدان۔ دِمترین کوٗر پان مےٚ نشہِ آزاد

تہٕ ژوٗل کوچس منز۔ بوٗ دوریوسس پتے مگر وونی لوٗگ نہٕ سہٕ اتھِ تہٕ بوٗ آس واپس مکانس منز۔ مےٚ اوس سامانہٕ وٹُن۔ مےٚ لٲگ چیز جماہ کرٕنی تہٕ وومید اٚسم دِمتری تہٕ ییہِ واپس۔ تہٕ وٕٹس منز پیوٚ درواز پٔتی کِنی میون کھوٗرٲ کِس ڈبس پیٹھ۔ مےٚ وُچھاتھ ڈبس اوس کاغذ وٕلِتھ۔ مےٚ کوٚڈیہِ کاغذ منزٕ نبر تہٕ یہِ اوس نِکیو ہکوٗستی بند۔ مےٚ مژروتہٕ اَتھ منز اٚسی یم کنہٕ دوٗر......''۔

''درواز پٔتی کِنی؟ آ...... دروازس پٔتی کِنی اوس پتھر؟ رَازوٗمنہنس کُن ترہریمٕ ونظر ومُدٲے گنڈِتھ لوٗگ رَاسکولن کاف ہنگہٕ منگہٕ کربکہٕ دِنہٕ تہٕ ووتھ اتھٕ ڈُکھراٲوِتھ وارٕ وارٕ تھوٚ دتہٕ بیوٚٹھ صوفس پیٹھ۔

''بالکل......اِدٕ؟ ژےٚ کیاہ دلیل چھے؟ رَازوٗمنہن تہٕ گوٚ وتھوٚ دٕ وٕتھتھ۔

''رِکھٕنی نہٕ''......رَاسکولنکا فن دِیتُنس لبہٕ کُن لرِ پھیرُن دِوان بےٚ حاٲلی اندر جواب۔ بزٕنزِس کھنڈس رٕوٚ دِ سٲری ژھوٚپہٕ گرِتھ۔

''یہِ آسی شاید خواب وُچھان وُچھان ہُشیار گومُت'' رَازوٗمنہن ووٗن ژھوٚپہٕ پھُٹراٲوِتھ زٕوٚسی موفس جواب طلب نظر اتراٲوِتھ تہٕ اِقرار کِس اندازس منز رژھا کلہٕ ہِلہٕ ناوٗنہٕ پتہٕ ووتھ زٕوٚسی موف رَازوٗمنہس پتہٕ کیاہ سپد؟۔

''پتہٕ کیاہ؟ تیتھے تمی کنہٕ دوٗر وُچھی۔ دِمتری کیاہ سوٗرے کینہہ مشراٲوِتھ تٕج تمی ٹٕپی تہٕ دوریوڈ شکنس نِشہٕ تہٕ یہِ زن اَسہِ معلوٗم چھُ تتہٕ ہیرٕن لس اَکھ روبل۔ بوٗ تلاہتھ رٕوٚ دشرابا چوان۔ قتلس متعلق چھُ سہٕ پرٲنی دلیل پھری پھری ونان زِمےٚ چھنہٕ اتھ نسبتھ کِھٕنی تہٕ پتاہ تہٕ اوترٕ تام اوسُم نہٕ یہِ واقعہٕ بوٗزمُت تہٕ''۔

تہٕ ییلہِ پرٕژھہس زِ وٕنیس تام کیاز گوٗ کھنہٕ پُلسس بروٚنہہ کُن حاضر تہٕ پان کیازِ اوسُکھ پھہِ دیُن یژھان؟ تتھ در جواب وونُکھ ''بوٗ کھوٗ ژُس...... پریشان گژھِت دپیوم بوٗ موکلاوٕ پٔنُن نیاے۔

''کیاہ نیاے؟''

''اِی زِمےٚ گژھِہ قصوٗ روارزائن''۔

''یہِ چھےٚ تسنز ساری دٔلیل۔ وونی ونتہٕ ژیےٚ کیاہ چھےٚ باسان کیاہ نتیجہٕ آسہِ امہِ تلہٕ تمو کوٚ ڈُمت؟''۔

''باسُن کیاہ گوژھ۔ یہے چھُ صاف پأٹھی نتیوٗ مُت۔ امہِ کِس حق آسنس منز کیاہ شک چھُ۔ ژےٚ آسی خیال زِ چون یہِ رنگ ساز گژھِہ یٚلہٕ؟''

''ہاے تمو کوٚر ناسہ قتلکِس الزامس منز گرفتار۔ یتھ اند رتمن رژھ تہٕ شک چھنہٕ باسان''۔

''شک...... امہِ پتہٕ تہٕ شک تھاوُن گوٚ وبیوقوفی۔ ژٕ چھک سٔخ جذبأتی۔ ژٕ کیاز چھہک کنہٕ دوٗر مشراوان؟ ژےٚ پزی تسلیم کرُن زِ اگرے بجہ ہِنڈِ صندوٗقہ منزٕ کنہٕ دوٗر تہنڈِ قتلہٕ دوہہ تہٕ تمی وقتہٕ نکولائی سِنڈ بن اتھن منز وأتی۔ تم آسن تس نشہِ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ طریقہٕ وأتمتی۔ تہٕ یہِ زانُن چھُ یتھِس کیس منز سبٹھا اہم''۔

''باربار کیازِ ژٕ پزٕ ژھان زِ کنہٕ دوٗر کتہٕ آے تس نِش؟ راز ومنہن وو ہتس کنہٕ پھیرٕن نار کھأئتھ۔'' ژٕ کیاہ اکھ ڈاکٹر آسنہٕ باوجوٗد چھکھنہٕ ژٕ دٔلیلِہ تلہٕ تُسند کردار پرکھأوتھ ہبکان۔ حالانکہِ ڈاکٹر سنز کأم چھےٚ انسأنی فِطرت تہٕ نفسیات پرکھاوٕنی تہٕ ڈاکٹرسے چھُ امیک پوٗرِ پوٗر موقعہٕ میلان۔ ژیےٚ چھےٚ ناباسانٕ زِ یم جواب تمی طوطہٕ سِندی پأٹھی دِتی تم چھِہ پزی؟ تم دوٗر رکتھ وأتی تس نِش تہٕ وون تمی موخصر لفظن اندر۔ کھوٗر پیوس ڈبس پٹھ تُلن ڈبہٕ تھوٗد''۔

''حق تہٕ پوٗز...... مگر تمی کوٚر نا تسلیم زِ گوڈٕ وون تمی اپزٕ؟''

''ژٕ بوزمےٚ کُن مگر دیان دِتھ بوٗزِ۔ چوکیدار' کوٚچ پیٹریاکوف۔ دوہیم چوٗکی دَر تہٕ گوڈٕنکس چوٗکدرٕ سنز گرٕ واجبن تہٕ سوزنانہٕ یوسہ چوٗکی درٕ سِندس کمرس منز بہتھ اسےٚ تہٕ

گری کوف یُس تمی آنہٕ ٹانگہٕ پٮ۪ٹھ ووتھمُت اوس تہٕ أکِس زنانہِ ہنٛزِ نرِ منٛز نرژہنتھ
وُزس منٛز اُمت اوس چھِ اُٹھ یا داہ گواہ یِم اقرار کران چھِ زِ نکولائییَن اوس دِمتری پتھر
پووُمت تہٕ پٮ۪ٹھ کھٔسِتھ اوسُس مُشتہٕ لایان تہٕ دِمتری تہٕ اوس تس مستس لمان تہٕ ژٔنڈا
ژنڈ الایان۔ تم اُسی سیٚے منٛزس وتھ بنٛد کٔرِتھ یِمہِ کنٛی پھیرُن تھوورُن اوس نہٕ بنان تہٕ
پرٛتھ کانٛہہ اوسُکھ بدر دونان۔ شُر بن ہِندی پأٹھی (یِم چھِ گواہن ہِندی لِفظ) اُسی تم
اَکھ أکِس پٮ۪ٹھ ڈٔلنٛی دِوان۔ کربکہٕ دِوان اَکھ أکِس پٮ۪ٹھ حملہٕ کران تہٕ اَسان تہٕ
گِند باشہِ کران۔ تہٕ شُر بن ہِندی پأٹھی اَکھ أکِس پتہٕ سیٚدان دژ آیے سرٚ وٕنگہِ منٛز“۔
ووٚنی سن تہٕ ژٕ اَتھ، ہیٚر آسہٕ پٕچھ دوِنہِ لاشہِ ......تمہِ وِزِ ناتھٕ تمہٕ لاشہِ وُچھکھ۔
ووٚنی ہرگاہ تمو یانکولائییَن کُنی زٔنی تمہٕ مارِ منٛز آسہن تہٕ صندوٚق پھٕٹرٲوی متی آسہٕ ہن یا
ژوٚ رِ منٛز سہٕ شریک آسہِ ہے..... اتھ زن پرژھے بو ژٔ ے اَکھ سیٚود تہٕ سہل سوال۔
”تہنٛز دِمٲغی حالتھ کیاہ آسہِ ہے تہٕ کرہنا تم گیٹس پٮ۪ٹھ مکرٕ ہیٚے ہیٚے شُری باشہِ۔ خوٚن
کرٕنی، مال وجاداد ژھارُن تہٕ لوٗٹُن چھا لوٗکٹ کتھا؟ امہِ پتہٕ اوسا مجال زِ پانژھ یا داہ
منٹ بروٚنہہ قتل کٔرِتھ کیا زِ لاشہٕ آسہٕ گرم، تھاوہن تم کمرُک درواز یلیہ یہِ زٲنتھ لوٗکھ واتن
برٛنٛزس منٛز اور تہٕ تمن تراوٕہن ریزٕ ریزٕ کٔرِتھ۔ اَتھ برعکس دِتی تمو شُر بن ہِندی پأٹھی
ڈٔلنٛی۔ اَسان تہٕ دروکان روٚدی تہٕ عام لوٗکن ہُنٛد ظون پھرُکھ پانس کُن۔ تہٕ اَتھ چھِ
اَکھ درجن نفر قسم ہٲوِتھ گوٲہی دِوان۔

”یزی چھُ یہِ عجیب تہِ تہٕ ناممکن تہِ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک مگر.....“۔

”نسا بابا مگر وگرنہٕ کینٛہہ...... مانوزن کنہٕ دوٚر درایہِ خوٚنکہِ دوٚہ تہٕ تمی وقتہٕ نکولائی
ہٕنٛدِ اتھ منٛز تہٕ یِم چھِ نِکولائی لِس خلاف اَکھ اتفاقی شہادت۔ اما پوٚز تسٕنٛد بیان چھُ معنی
مطلب تھاوان تہٕ تس خلاف چھےٚ نہٕ تتھٕ کٔنی کانٛہہ سنگین کتھ ننان۔ اَسہِ پزِن تم واقعات
نظرِ تل تھاوٕنی یِم تس بےٚ گوناہ ثابت چھِ کران“۔

''مگر سانہِ موجوٗدٕ قونوٗنچ خبر آسنہٕ باوجوٗ دتہٕ چھُکھ ژٕ زانان زِ تم کیا کرن تسلیم یہِ نفسیٲتی نوکتہٕ یُس نِکولاۍ یَس بےٚ گوناہ ثابت کران چھِ۔'' ''نہ نہ ہرگز نہٕ۔ تم کرن نہٕ کُنہِ تہٕ صوٗرتس منز تسلیم۔ تِکیازِ تِمو چھےٚ دوٗر ڈبہٕ روٗٹمت تہٕ یِیہٕ بوٗزمُت سہُ اوس پان ترٛاوِس تراوان حقیقتن پیٚنہٕ تس کرُن پزِ ہے اگر ہے تس کانٛہہ چھُوہ اوسنہٕ''۔

''یوہے چھُ نکتہٕ تہٕ اوے کَنہِ چھُ مےٚ جذبٕن وُتشِ لگان تو گیہِ بوزُن''۔

''ہے مےٚ ہسا چھُ تگان بوزُن موسا آس توٗ ہہ پھلکی پاٚٹھی وُژتھ گرٛھان۔ وُچھ سا مےٚ گوٗوژیےٚ یہِ پرژھُن مشرٕ ہے زِ امیک کیا ثبوٗت چھُ زِ سہُ ڈبہٕ چھُ بجہِ ہُندُ ے؟''

''تہِ چھُ سرٕ کرنہٕ آمُت'' رازومِنہن ووٗنس ڈیکس درٕ ہ لدِتھ گوٗ برتھےٚ پہن۔'' کوٗچن پرزٕ پنو وڈبہٕ تہٕ تمکس مالکہٕ سُند ناو تام ووٗنُن''۔

''تہِ گوژھنہٕ آسُن سپُد مُت'' اچھابیا کھنو کتہٕ چھُ۔ نکولاۍ ماوسے کوٗچ یا پیٹرو کوفن دوشوٕ ے یا دوٗ یومنزٕ اَکی وُچھمُت یِیلہِ تم گوڈنی ہیوٚر کھسان اَسی ہتی چھِ۔ اَمچ چھا کانٛہہ شہادت؟''۔

''نہ کانٛسی نہٕ'' ووٗننس داۍ دی لد ہِنْدی پاٚٹھی۔ ''اَمچ بڈٕ بارٕ خراٚبی چھےٚ ناہےٚ زِ کوٗچ یا پیٹریا کوفس چھِنہٕ تم ہیرِ کھسوٗنی نظرِ گاٚمتی۔ حالانکہِ تِہنزٕ شہادت کرِ ہے نہٕ تیوٗت سو چھِ تِہنْد وُنن چھُ زِ کمرِ اوس یلے تہٕ باسان اوس اندٕ گرٛھِ کاٚم چلان آسنی مگر تِمو دیُت نہٕ اور کُن خاص توجہ تہٕ اوٚ کَنہِ چھِنہٕ تِمن یاد زِ لتہِ اَسیا تم کاٚم کران کِنہٕ نہٕ''۔

''ہم...... گوگہِ تِہنْدِس بچاوس منز چھےٚ یہے اَکھ شہادت زِ تم اَسی پانہٕ واٚنی وژالہِ ہُرکران۔ گنڈان تہٕ اَسان......امہِ تلہِ ہیکہِ اَکھ ٹھوس راے قاٲیم کرنہٕ یتھا ماپوٗز......کِتھ پاٚٹھی ہیکہِ حقیقت نٕنہِ راٚوِتھ؟''۔

''مےٚ کیاہ چھُ ٹٕراوٗن۔ اَتھ کُس ساکھ چھُ کاسُن۔ یہِ کینٛہ اتمن ٹٕراوُن چھُ

تہِ چھُ سوڈ بہٕ رژھ پانے واضح کران۔ دوٚرِ ڈبہٕ چھُ اصلی قاتلن اتھۍ تروومت۔ قاتل چھُ تمہِ وِزِ کمرس اندر اوسمت أندری ہانکل گرتھ۔ ییلہِ کوٚچ تہٕ پیٹریا کوف دروازس ٹھک ٹھک کران چھِ أسمتۍ۔ کوٚچ چھُ کوٗل خرسہٕ وٹھھریوٚنہٕ دروازس پتھ تہٕ قاتل کھسکیو نبر تہٕ ووٗتھ بوٚن تکیازِ تس أسنہٕ دوہیم کانہہ وتھ بچنچ۔ سہٕ روٗد کوچ...... پیٹریا کوف تہٕ چوٗکدرہٕ سندِ کھسنہٕ وِزِ أتھی کمرس اندر ژھیپ دِتھ۔ ییلہِ زَن تہندِ قسمتہٕ دِمتری تہٕ نکولائی امی وِزِہ کمرِ اندر ردراٮتۍ أسۍ۔ سہٕ چھُ تیتس کالس تتھی کمرس منز ٹھہریومت ییتس کالس چوٗکدرتہٕ باقے ہیٚور کھٚتۍ۔ تتھے تم دیانہٕ ڈٲلی سہٕ ووٗتھ لوٚت پأٹھی بوٚن أتھی برِ نزِس منز چھِ دِمتری تہٕ نکولائی گندان تہٕ درہ کان کوچس منز نیران تہٕ وُزِہ چھُ خأنی آسان۔ ممکن چھُ سہٕ ما آسہِ کانٕسہِ وُچھمُت تہِ مگر ظون دِتھ نہٕ تس کُن کیازِ واریاہ لوٗکھ چھِ اوراژان نیران۔ پتہِ چھُ ممکن زِ دروازس پتھ کُن ژھیپ دِتھ روزنہٕ وِزِ آسہِ تس دوٚرِ ڈبہٕ چندِ منز وٗسی پیومُت تہٕ لمہِ کہٕ وٗسی پینگ روٗدُس نہٕ خیال کیازِ سہٕ آسہِ ہےلمہِ وِزِ کانٕہن اندیشن منز ہینہٕ آمُت۔ دوٚرِ ڈبہٕ چھُ امیک یقینی ثبوٗت زِ قاتل چھُ دروازس پتۍ کُنۍ ضروٗر ژھیپ دِتھ اوسمُت۔ تہٕ جنابو تہے پأٹھی ہیکہٕ بوٚ یہٕ حقیقت ننٕراوِتھ...... چھیہِ بوزُن تگان؟۔

''واہ...... واہ بڈٕ چالاک گوٚبرُ چھُک تہٕ اتھ پیٚیہِ چانہِ صلاحیتک اقرار کرُن مگر یہٕ کتھ تہٕ ونے لمہِ ستۍ انکھ ژِسأرہے کھٔری کانگر''۔

''مگر کیازِ؟''

بوونے کیازِ! چون سونچہٕ وُتر چھُ اتھ تتھ کٕنی واتان زِ یہٕ چھُ نفیس ڈرامہ باسان''۔

''آچھِ''...... رَازوٚمنہن ونہِ ہے تس خبر کیاہ کیاہ مگر أنہِ موقعس پتھ مُژروو گمٕی تام بَرتہٕ ژاو کمرس اندر ریٚس نہٕ ییمو منزٕ کانہہ زلنہِ ہے۔



# (۵)

برٕ اژَن وول اوس یاوٕ ہِنکہِ حدٕ ڈولمُت پوٚز بُتھِ کنہٕ مضبوٗط ڈولدار چالاک مگر ترٛوش تہٕ ژکشَل باسان۔ برس پیٹھے قدم ٹھٔہرٲوِتھ لوٚگ کوٚٹھرِ منٛز موجوٗد نفرن تعجب تہٕ طنٛزٕ بٔرژ و نظرو تِتھٕ کنہٕ وُچھنہِ زنتہٕ پانٛی پانس پرژھان اوس زِ شوٗٹھ کوٚت سنا لوٚگ؟ رَاسکولِنکافن ژھوٚٹہِ تھٕک تہٕ تنگ کمرٕ چکارس نہ کھٔسِت تہٕ پننٛی ظٲہر دٲری یَتھ تِس زنتہٕ لتہٕ یوان باسیو نظرِ تَل تھٲوِتھ لوٚگ سُہ حقارتہٕ سان امچہ رژھہِ رژھہِ جاےٚزٕ ہینہِ۔ امہِ پتہٕ گٔرِن نفرت تہٕ حقارٕتِکس اندازس منٛزٕ رَاسکولِنکافس نظرٕ یُس نتہِ نوٚنےٚ مس پریشان گٔرتھ تہ سرٛ ان دیان کرنہٕ ورٲے مالکہِ صوفس پیٹھ ڈاف ترٲوِتھ أمِسے کُن مُدُ ے گنڈِتھ اوس برابر گٔرِن امی آیہِ ترایہِ بےٚ ڈول تہٕ بےٚ وطیرٕ چالہِ ڈالہِ ہنٛدِس رَازومِنہس کلہٕ پیٹھ نلس تام کُنی نظرٕ یُس أمِس پننہِ سیٹھہِ پیٹھ بے حبس وحرکت بہِتھ بےٚ باک تہٕ استیفسارٕ چھو نظرو وُچھان اوس۔ کینژن مِنٹن روٗزٕ وچھس تِچھُن تُلن واجبن ژھوٚپہ تہٕ أخرس پیٹھ یہِ زن وومید ے أس بدلیوٕیہِ منظرتہٕ برٕژٲمتی نفرن سوٗنٛچ زِتسنٛز یہِ ظٲہر دٲری ہیچ نہٕ کمرس منٛز موجوٗد نفرن پامال گٔرِتھ تہٕ لہٰذا گٔرتمی پانس انٛد رنیزمی پأدِ تہٕ بڑٕ شاٸستگی سان مگر ژٔڈی ژٔڈ تہٕ سواٸِلکس پرٕ بتھ لفظس پیٹھ زور دِتھ ووٗتھ سُہ زوٗسی موفس کُن۔

"روڈیٚن رامانووِچ رَاسکولِنکاف چھاییٚتیٚ روزان۔ سُہ چھُ اَکھ طاٸبِ علم یا ما آسہِ ہے؟"۔

زوٗسی فوف لوٚگ رژھاہ پان سنبالنہِ ہیوٗ تہٕ رَازومِنہن دِژس نہٕ جواب دِنٛچ

وأرکی تہٕ وۅتھ غار شخص کُن۔

''آ......یکیا چھُے یتھ صوفس پیٹھ لرترأوِتھ۔اِڈ ژیے کیاہ کری؟''

یہِ ژیٚے کیا کری بۄ زِتھ زن ژٔج تس کھورِ تلہِ میژ نیرِتھ تہٕ زن گنٛڈنس أندری ریہہ۔تہٕ ریہہ گنٛڈِتھ ہورِ ہے رازِ ونہنس امیک آنچھ......اَما پانس پیٹھ کوٚرُن قوۄتہٕ پھیۄ رُدبارِ زوسی موفس کُن۔

''دوہِم ہسا یہے چھُے راسکولنکاف'' زۄسی موف ووتھس راسکولنکافس کُن اِشارِ ہأوِتھ تہٕ أتھی دوران کرِن یۄت پلیوس تیۄت أس وہرأوِتھ زۄ پٹھ زامن تہٕ گوگرِتھ ہیۄ سَد رِہندِس چنٛدس منٛز اتھہِ ترأوِتھ کڈِن بڈ سونہٕ سنٛز چنٛدِ گرنبر تہٕ وکھ وُچھِت ترأوِن زنتہٕ سوسنٛتھ بیٚیہ چنٛدس منٛز۔

راسکولنکاف اوس پتھ کُن ڈاف ترأوِتھ ژھوپہٕ دَم کرِتھ سودبود آسنہٕ روٚستے غار نفرس مُدأے گنٛڈِتھ وُچھان تہٕ ییٚلہِ نظر ڈأجی تمہِ وِزِ اوس سہٕ بتھِ لیٚد ربستہٕ ہیۄتہٕ زَن اوس سقر وطنہِ تلخی منٛز ہنہٕ آمُت۔ یاۄنی تو زنتہٕ وُنی رژھ کھنٛڈ بروٚنہہ اَپریشنہٕ تلہٕ کڈنہٕ آمُت اوس۔ امارژھِ پتہٕ رژھِ بنیو برژامُت نفرتسنٛزِ دلچسپی، حأرت، تہٕ پتہٕ شک تہٕ بلکہِ وہمک تہٕ ہیمک سبب۔ تہٕ ییٚلہِ زۄسی موفن یہِ ووٚن زِیہے چھُ راسکولنکاف سہٕ گوٚو فوراً تھوٚ دۄ تھِتھ تہٕ صوفس پیٹھ بہتھ ووٚن سوتیمہِ بلکہِ بگرآوازِ منٛز......''آہے چھس راسکولنکاف۔مےٚ کیا زِ چھُو ژھاران؟''

اَجنبی لوٗگ سہٕ بدِ کڈنہٕ پتہٕ اثر دار لہجس منٛز ونہِ۔

''یہِ چھُس پیٹر پیٹروِچ لُژہن۔مےٚ چھےٚ وۄمید زِ میون ناو آسہِ نہٕ ژیٚے اَویو د؟''۔

پوٚ زِ راسکولنکاف یَس بدل کیاہ تام اندیشہٕ اوس لوٗگس بےٚ معنی نظروکانٛہہ جواب دِنہٕ روس تتھ گنی وُچھنہِ زنتہٕ یہِ ناوتس گوڈ نچہِ لٹہِ کنن گوٚو۔

’’یہ چھُ ناممکن زِ ژٕ یِہ کیاہ آسی نہٕ وَنیُس تام میون اِطلاع ووتمت؟‘‘۔

رَاسکولِنکاافنِی ژھوپہ وُچھِت لوٗگ پیٹر پیٹرووِچ لذہن ہنا بدحوأسی منزتس پرژھنہِ۔ جواب دِنہٕ بدلہٕ ترٛو رَاسکولِنکافن پان پتھ کُن تکیس پیٹھ نرٕز تھاوتھ ژوک بناوتھ گردنہِ پتیِ کنہٕ تہٕ لوٗگ تالوس تھلہِ تھلہِ وُچھنہٕ۔ زوٗسی موف تہٕ رَازوٗمنہن لگی وونی لذہنس زیادے پرژھِ گاٗرکرن واجنیو نظروٗ وُچھنہِ یمہِ کنہٕ سہ رو بۆدٕ ہیوٗ گوٚو۔

’’مےٚ اوس اندازِ زِ پنداہ نَے تہٕ داہ دوٚہ بروٚنہہ تراونہٕ آمژ چِھےٚ......‘‘۔

’’مگر ژٕ کیازِ رُوٗدُکھ دروازس پیٹھے ووٗدنہٕ‘‘ رَازوٗمنہن ووٗنُس کتھ ژٹتھ۔

’’اگرے ژےٚ کینٛہہ وَنُن چھےٚ۔ پتھر بہتھ ون۔ نستاسیہ تہٕ ژٕ چھکھ زن ژبلنہٕ اُمت۔ تراوسانستاسیہ جاے اُمس۔ وُلیٛ یہ گیہ کُرسی تہٕ پکھ لبہ لبہ تہٕ بیہہ‘‘۔

پننی کرسی میزِ نشہِ ہنا پتھ کڈِتھ تہٕ کوٗٹھی وٹنہٕ کنی موکلاوِتھ میزس تہٕ کوٗٹھن درمیان جاے رژھ کھنڈ یُتھ زن لذہن اپاری پکِتھ کُرسی تام واتِتھ ہیکہ ہے۔ لذہن سُند لمہِ نشہِ اِنکارکرُن اوس ناممکن تہٕ جلد جلد یہ ڈیٛلِ زِتہٕ بُتھی کھکھرِ ووت پان ژٕ ژومراوِتھ کُرسی تام تہٕ پتھر بہتھ لوٗگ حاٗرتہٕ سان رَازوٗمنہس کُن وُچھنہٕ۔

’’پریشان گژھنچ چھےٚ نہٕ کہنٛ کتھ‘‘ رَازوٗمنہن ووٗنُس ’’رَاسکولِنکافس واتی پتم پانژھ دوٚہ کاہل تہٕ ترٛیو دوٚہو پیٹھٕ چھُ غبن گژھان۔ مگر ووٗنی ہیوٗتُن بال یُن تہٕ دپان چھُ بوٚچھِ تہٕ چھم‘‘۔ یہِ ڈاکٹر صاب چھُ اُمی سُند یلاج کران۔ یہٕ چھُس رَاسکولِنکافن یار۔ تہندی پاٗٹھی اوسُس بو تہِ طالبِ علم۔ تہٕ ووٗنی چھُس اُمی سٕنز تیمارداری کران۔ خاٗروَن ژٕسون کانٛہہ وایہِ برنہٕ وراٗے کیاہ چھےٚ وَنُن‘‘۔

’’شُکر یہ......مہربانی۔ مگر ڈاکٹر صاٗب میانہِ موجوٗدگی تہٕ کتھ کتھ کرنہٕ ستی ماولتہٕ بیمارس کانٛہہ تکلیف؟‘‘۔

’’نہ......نہ......بلکہِ ہیکہِ چانیو کتھو ستی اُمس دِل بہلاٗیِ گژھتھ‘‘۔ یہِ ونان

ونان گرزۄسی موفن بیٚیہٕ زامن۔

''از صُبح پیٹھ چھُ یہ ٹھیک۔ حال ہوشس اندر'' رَازو منہن وۄنُس منزی۔ پیٹر پیٹر ووِچن کوٚر خوشی ہُند ژوٗرے پہن اِظہار کینژ امہِ کِنی تہٕ تس سپُد معلوٗم زِ حیوأنی صۄرتک یہ شخص تہٕ (رَازو منہن) چھُ طالبِ علمے۔

''چانہِ ماجہ...... '' لذہن ہیوٚت وَنُن تہٕ زۄسی موفن کوٚر ژاکھ گرِتھ ہوٚتے صاف''۔ لُذہن وُچھنس سوالی نظرو۔

''کہنۍ غم چھُنہٕ۔ تہٕ رۄ زیوٗ ونان'' زۄسی موفن ووٚنس نظرن ہُند معنی سمجھتھ۔ لذہن دیُت پھکن درسہٕ۔ تہٕ لوٚگ وننہٕ۔

''چانہِ ماجہِ تراوییہِ ژٕنے اَکھ چِٹھی ییلہِ بوٚ تہندِس ہمسایہ گرِتس منز کینژن دُہن ڈیرس اوسُس۔ یور وآتنہٕ پتہٕ آس نہٕ بوٚ امدأ کینژ ن دوہن ژینۍ نشہِ۔ اِو کِنی دپیوم یمن دوہن تام آسی ژٕنے ضرور سوٚ چِٹھی وأژمژ۔ مگر۔ بوٚ چھُس حأران زِ......''۔

''تھاو...... تھاو۔ مےٚ توٚگ بوزُن۔ مےٚ چھُ معلوٗم'' رَاسکولنکاف ووٚتھُس ژکھِ ہوٚت ''گوٚ وژٕ ے چھُکھ تسنٛد "Fiance" میأنی بیٚنہِ داوس لاگن وول؟ میانہِ خأطرِ اوس یوٚتُے زانُن سبٹھا۔ بس''۔

شکہٕ ورأے کھرٕ ووٚنی کبس لُذہنس سخ خشم۔ مگر زیوٗ دِژٕن لاکم سہٕ اوس امیک مطلب زانُن یژھان...... برونٛس کھنڈس گیہِ کوٹھرِ منز ژھوٚپہٕ۔ أتھی اندر ترأو رَاسکولنکافن یُس اوٚتام رژھ کھنڈ أمیسے کُن پھیوٗ رمُت اوس لذہنس تتھٕ کِنی کلہٕ پیٹھٕ نلس تام نظر زنتہٕ وُنیس تام پوٚرِ پأٹھی وُچھمُتے اوسن نہٕ، تس کُن نظرے ژھِمژ أسن نہٕ۔ یا زنتہٕ بدل کُنہٕ قسمچ دلچسپی ووتلےٚ یِس۔ تگیہِ پیٹھ ووٚتھ تھوٚ دتس وُچھنہٕ باپتھ۔ ووٚنگو تھنز چال ڈال وُچھِت گوس احساس زِ پزی چھُ یہ "fiance" لأیکھ اوے چھےٚ سوأمِس پتھ داوس لجمژ۔ پیٹر وپیٹروِچ لذہن سنز سادگی آیس سخ پسند۔ گوڈنچھے اوس تمِ راز دانہِ

منز وآتنہٕ پتھ وُنیس تام سورُے وق پنٕنہٕ بنن وآجنہٕ آشنہٕ ہُند استقبال کرنہٕ باپتھ رُت پلو پوشاک بناونس منز خرچمت۔ یتھ زن سہٕ ٹارِ کھسِتھ ہیکہِ ہے۔ یہ اوس منأسب تہٕ معقول قدٕ۔ لٔکن بروٚنہہ کنی پٔنن پان زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پزٕ یہٕ وُن بناونہٕ باپتھ تسنز کوٚشش کرٕنی أسی معاف کرنس لایکھ۔ اَتھ منز أس ضرٗرتھٕنز خود نُمأیی تہٕ خود پسندی پرپڑان اماپوٚز مہرازٕ آسنہٕ کنی اوس پٔنن پان سجأوِتھ تھاونس منز حق بجانٕب۔ تسنٛد سورُے پوشاک اوس اَمی وِزِ سرٕنہِ تلہٕ درامُت یہ زن صاف ننان اوس۔ حدچھُ تسنز وضع دار ٹوٚپی أس نٔو یوسہٕ بڈٕ قدر کٔرتھ کوٚھسن پیٹھ تھأومٕژ أسن۔ تہٕ نفیس اَتھ پنجہٕ یُس لأگتھ اوس نہٕ بٔلکہِ اوسن ستی تھوومُت تہِ اوس یہے دٔلیل ونان زِیہ چھُ نہٕ لاگنہٕ باپتھ بٔلکہِ چھُ تھکنہٕ باپتھ۔ پلون ہُنٛد رنگ تہِ اوسُن نوجوانن ہٕنٛدی پسنٛدٕک ژورمُت۔ نٔو بادأمی رنگہٕ سدرٕک تہٕ پتلوٗن تہٕ للنچہِ نوٕ قمیضہِ پیٹھ ووزُل دأوی دار گلوبنٛد لأگتھ اوس پزی لذہن پانژتأجھ ڈلنہٕ پتہٕ تہِ بتھِ پیوٗن جوان باسان۔ گنہِ گونژہٕ تھاونہٕ ستی اوس سہٕ زیادے خوشہِ وُن باساں پمہٕ ہوٚنگنہِ ہٕنٛدِ چٹہٕ آسنہٕ کنی پھٹِتھ نیران آسہٕ۔ مستس تام آسہٕ تس زٕ ژٕ ووتھان یَتھ کمی تام کأری گرنأیدن وأنکی پھرمتی أسس۔ یتھٕ پأٹھی اوسنہٕ سہٕ کأنسہِ جرمن ہٕنٛدی پأٹھی خاندرٕ کہِ دوٚہ مستس وأنکی پھرنأوِتھ پنٕنہِ ہنہِ نشی رووُمت۔ یوٚ دوے تہٕنٛدِس بتھس پیٹھ کینٛہہ خوش نہ کرٕنی آثار یا طمٕ ییچ تٔنٛدی ہش بوزنہٕ یوان أس تمکی أسی بالکل بدل وجوٗہات۔ سیٚو دتہٕ سادٕ............ لذہنس رژٕ رژِ سام ہیٚنہٕ پتہٕ ترود وُٹھ گمنأوِتھ رَاسکولنکافن ہیٚیہ تِگیٚس ستی پان پتھ گن تہٕ لوٗگ ہیٚیہ بروٚنہمی پأٹھی تالوس وُچھنہٕ۔

مگر لذٕہنن کوٚر دِل دوژتہٕ یہنز تعجب خیز حرکژ نظرانداز کرنٕچ کوٚشش کٔرتھ ہیٚوتُن وَنُن۔

”مے گوٚ وچأنی یہِ حالتھ وُچھِت واقعی دِل سبٹھا اوزُرٕد“۔ تمی کٔر ہیٚیہ ژھوٚپہ

ٹگھ دِنٕچ کوٗشِش ۔ ''اگر ے مےٚ چانہٕ کاہِل آسنگ عِلم آسہِ ہے بوٗ آسہٕ ہا برونہہ خدمتس منٛز حاضِر گومُت ۔ وونگوٗژیےٚ چھےٚ پانس معلوٗم زِ کاروبار کوٗتاہ چھُ آوٕ ران۔ مےٚ چھےٚ یِیتہِ سینٹیٹس انٛدراَکھ اہم کاٗم اَنٛزراوٕنی تہٕ باقے کامن ہُنٛد کیاہ کیاہ ونہٕ بوٗ تمن ہُنٛد ہیٚکگھ ژٕ پانے اندازٕ کٔرِتھ۔ مےٚ چھےٚ وومید چاٗنی موج تہٕ ہمیشٕر آسَن واتن واجنہِ۔

رَاسکولِنکافن کٔر پانس سوٚ سراے تہٕ تسنٛدِس بُتھس پیٹھ پریشاٗنی ہِنٛدی آثار ووتلنہٕ تلہٕ اوس باسان زِ سہُ چھُ کیاہ تاٗم ونن وول۔ پیٹر پیٹروِچن لُذ ہَن دیُت رژھا دَم۔ یِیلہِ رَاسکولِنکافن کہنٛژ وژُنس نہٕ تٔمی تھاٗوکتھ جاٗری۔

''......گُنہٕ تہِ وِزِ وأتنٛز۔ مےٚ چھُ تہنٛدِ ٹھہرنہٕ باپتھ انتظام کوٚرمُت''۔

''کتہٕ؟'' رَاسکولِنکافن پرژھنس سوٚ تیمٕژ آوازِ منٛز۔

''نکھے...... بیکالیف ہِنٛدِس مکانس منٛز''۔

''اچھا...... واس کرٕسنسکی علاقس منٛز'' رَازوٗمنہن رلاٗو کتھِ منٛز گتھ۔ ''تتہِ چھُ سہُ تاجر یوشِن تیمی دُپہرِ کمرٕ ٹھیکس پیٹھ رٔٹمتی چھِ۔ بوٗ چھُس تور گومُت''۔

''بالکل چھِ تمے کمرٕ......''

''بڑٕ خاص جاے چھےٚ سو...... تیژ بدبوٗ دار زِ شاہ کھاٗلُن چھُ مشکل گژھان۔ بڑٕ کتھ چھےٚ زِ سو چھےٚ بدنام جاے۔ تتہِ چھُ وُنیس تام کم کم گُل پھٲلمتی۔ مےٚ چھُنہٕ باسان تتہِ چھُ پنیچ کردار والیوٚ لوکو وراٗے کانٛہہ روزان۔ بوٗ تہِ چھُس تورأ رکس وو گتس انٛدر لوٚ گمُت...... ہان...... کراے چھِ تتہِ کم مگر......''۔

''بوٗ رکتھِ ہیکہٕ ہا۔ اَتھ مکانس متعلق یوٗتاہ ڈٔری یافت کٔرِتھ۔ پیٹرس بٔرگس منٛز چھُس بوٗ پانہٕ تہِ ووپرے'' لُذ ہَن دتُنس ژکھِ ہٕتی جواب۔ ''تاہم یم زٕ کمرٕ مےٚ کرلیہِ پیٹھ رٔٹمتی چھِ تم چھِ صاف شفاف۔ بیٚیہٕ چھِ یم کمی کالہٕ باپتھ...... مےٚ چھُ برونٛہہ کُن باپتھ مستقِل رہاٗیشہِ خاطرٕ بدل اَکھ فلیٹ روٗٹمُت''۔ تٔمی ووٚن رَاسکولِنکاف موٚکھ رٔٹِتھ۔

دستھ چھِ وُنی کبس مرمت سپدٕان۔ پانہٕ چھُس وُنی کبس اندرے سیمانووِچ لیباز تنکوف
نادٕ اکس یارس نشہِ ٹھٔہرِتھ۔ تہٕ تمی وۆن مےٚ بریکالیف سٔندِ بن کمرن ہُند پےٚ"۔
"لیباز یتنکوف" رٲسکولنکافن پرٛژھنس کیاہ تام یاد پاوِنکہِ اندازٕ لوٚتےٚ"۔
"آ......آ آندرے۔ سیمانووِچ لیباز یتنکوف۔ سہٕ چھُ وزارتس منز کلرک۔
زانہنہٕ ژٕ؟"
"إنی......نہ" رٲسکولنکافن دیتُنس جواب۔
"او......مےٚ دوٚپ......خٲراکہِ وقتہٕ اوسُس بوٚتس سر پرست۔ سہٕ چھُ
سیٹھاہے روشن خیال تہٕ رُت جوان۔ مےٚ چھُ جوانن ستی وۆتھُن بہُن خوش کران۔ کیازِ
یمن نِشہِ چھُ انسان واریاہ کینہہ ہیچھان"۔ اِی وننان وننان گرلٕز ہٕنن یمن سارنے
کُن پُر امید نظراہ۔
"تہٕ رِتھٕ پأٹھی چھُکھ ژٕ وننان؟" رٲزومِہن پرژھنس۔
"اوِکنی زِ سیٹھاہے سنجیدٕ تہٕ اہم معاملن متعلق" پیٹر پیٹرووِچن وۆنُس فی الفور زِ تہٕ
سوالس پیٹھ خوش گژھِت۔ "بو ووٚواز بروٚنہہ داہ وٕری چھُس بو پیٹرس برگ آمُت۔ یتہٕ
کمہٕ تبدیلہِ تہٕ کمہٕ قسمُک نو بر چھُ آمُت تتھ متعلق اوسم بوٚزمُت مگر یمن ہُند پوٚرٕ پأٹھی
جأیزٕ ہینہٕ باپتھ چھُ پیٹرس برگس منز آسُن لأزمی۔ مےٚ چھُ یقین زِ نوجوان پےٚ وُچھِت
چھُ واریاہ کینہہ ژینہٕ تہٕ ہیچھنہٕ یوان۔ بوٚ ونہٕ زِ مےٚ چھےٚ خوشی......
"کیچ؟"
"کیچ؟ یہِ چھُ اکھ زیوٚٹھ سوال۔ ممکن چھُ بو ما آسہٕ غلط اما پوٚز میون تصوٚر چھُ
اِی زِ جوان پےٚ ہُنٛدی خیالات چھِ صاف تہٕ شوٚدی بلکہِ ونوٚناقدانہٕ تہٕ عملی......"۔
"حق تہٕ پوٚز" زوٚسی موفن کوٚرکلہٕ نوٚمرِتھ اِقرار۔
"غلط......عملی گتھ چھُکھ ژٕ وننان؟" رٲزومِہن زن وولیو۔ "عملہِ ہنٛزی چھےٚ

ازکل ژٕ وپور وبڑ ھے۔ یہِ چھا نبس گوٚ دگرِتھ وسان۔ تمہٕ گیہِ زٕ ہتھ وٕ ری ینہٕ اَسہِ عملی زندگی یہِ طلاق دِتمُت چھُ۔ آتشر بن ہندی پاٹھی چھہِ خیالات تہٕ خاہشہِ تھرنہٕ یوان۔ ژٕ چھُکھاتی پسند کران؟'' پیٹر پیٹر ووِچس کُن روخ کرِتھ ووٚن تٔمۍ۔ ''وونگوژٕ ورن تہٕ لُٹیر بن ہند بن بڈ بن بڈ بن جم گٔژھن منز چھ خال کانسہِ نِشہِ ایماندأری ہنٛز زٕ ژانظرِ گرژھان۔ بہرحال یوٚ تام عملہِ ہُند تولق چھُ تمیک چھُ کال وۄتھمُت باسان۔ عمل چھےٚ کٔمۍ تام طوٗفانن ڈٕہتھ نیمژٕ''۔

''اتھ کرنہٕ بوٚ ژے ستۍ اتفاق'' پیٹر پیٹر ووِچن ووٚنس ڈبکہٕ منز رأوِتھ درجواب۔

''اتھ منز چھُنہٕ شک زِلوٗکھ چھِ باضے جذبن منز ہیٚنہٕ یِنہٕ کِنۍ غلطی کران۔ اما پوٚز اَسہِ پزِن تم درگذر کرنہِ کیا زِ تِہند بن جذبن چھُ کُنہِ خاص وجہ کِنۍ وُتلِش لگان۔ یمیک ذمہٕ وار اأندی پکیک بےٚ قاعدٕ ماحول چھُ آسان۔ جوانن ہند بن دِلن منز چھُ کینٛہہ کرنک جوٚن وونگو وِتھ تنگی تہٕ ناستراس ماحول چھُکھ لتہٕ انان۔ تہٕ وسیلہٕ کیاہ چھُکھ۔ بوٚ کرنہٕ تِمن ہُند ذِکر۔ البتہٕ چھُ میون ذأتی خیال زِ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ چھُ مکمل کرنہٕ آمُت یمہِ کِنۍ پرانین لکھارن ہُند بن خواہلی تہٕ رومأنوی کارنامن بدلہٕ نوۍ موٚہلی خیالات تہٕ تھدِ پایکۍ کارنامہٕ بازرس منز واتان چھِ۔ ادبس منز چھےٚ بالغ نظری تہٕ حقیقت پسندی دٕرینٛٹھ گوٚھان۔ پرأنی توہمات تہٕ تعصبی خیالات أے مُلہٕ مونجہِ گالنہٕ......ژھوٚ ٹِس منز ونہٕ بوٚ پی زِ اَسہِ چھُ پتھ کالس ستۍ پٔژن رِشتہٕ ژوٹمُت تہٕ میانہ حِسابہٕ چھُ یہِ بوٚڈ کارنامہٕ......''۔

أمۍ ہساچھو أسی دابس تل تھاونہٕ باپتھ یہِ دِلس کھٔنت تھوومُت'' رَاسکولنکافس آیہِ زبو۔

''کیا؟'' لُڈ ہنن پرژ ھنس تِکیا زِ تٔمۍ بوٗزی نہٕ تِسندی لفظ۔ تٔمۍ دِتنس نہٕ جواب۔

''تُہند فرماوُن چھُ صحیح'' زوٚسی موفِن کوٚ راوٚہند ظون پھرنس منز جلدی۔

''چھا صحیح کِنہٕ نہ؟'' لذہن پیٹر پیٹرو وچن وون زۆسی موفس ۔ لُذہنس اُسی
بُتھس پیٹھ پننہِ کامرأنی تہٕ برتری ہِندی آثار وو تلان تہٕ رَاز وٕ منہنس کُن پھیرِتھ رۆتُن
سُے مۆڑ ''بوز ساجوان ۔ ژٕے پیٚی مانُن زِ اُسی چھِ واریاہ بروٚنہہ پکمٕتی یا دوٚیمِن لفظن منز
یتھ زن وننان چھِ زِ سائنس تہٕ معیشیا تکس مأدانس منز چھےٚ واریاہ ترقی کرمٕژ......''۔

''یہ چھےٚ فرسوٗدٕ کتھا''۔

''نہ ......نہ فرسوٗدٕ کیاز چھُ ۔ ژٕ بوزمےٚ کُن ۔ مثال مانو اگر ےمےٚ کانٛہہ وٕنہِ
پٔننِن ہمسایَن سٕتی ورتاو ساماے محبت ۔ تمہِ منز کیاہ نیرِ؟'' لُذہن رۆ دتھکہٕ روس کتھ
جأری تھأوِتھ ''تمیک نتیجہٕ نیر زِ پٔننِس کوٚٹھس زِ حِصہٕ کرِتھ چھُ مےٚ اوڈ حِصہٕ پٔننِس
ہمسایس دیُن تہٕ یتھٕ پأٹھی روز ودوشوے نیم عُریان ۔ یہ چھےٚ رۆسی کہاوت زِ واریہن
گُھون پتہٕ دور نہٕ سٕتی لگہِ نہ اَکھ تہٕ اتھِ'' سائنس چھُ اَسہِ ووٚنی گوڈٕ کھیش پتہٕ درویش
سُنٛد سبق دِوان ۔ تکیازِ دُنیچ خوشی چھےٚ فقط ذأتی مفادس اندر ۔ اگرے ژٕے پٔنُن پان
رچھن تگی تہٕ پٔننٕ معاملہٕ مناسِب پأٹھی اَنٛزراوٕنی تگنے تیلہِ ہیٚکہِ چون کوٚٹھ محفوٗظ رۆزِتھ ۔
اِقتصأدی یانے معأشی ترقی کِنی چھُ سماجس منز پرٛتھ اَکس نجی مسلہٕ اَنٛزراونہٕ تہٕ پٔننٕ
بجأیی ژھارنک موقعہٕ میلان ۔ گوکہ پرٛتھ کانٛہہ چھُ پٔننٕ زٕٹ بچأوِتھ ہیٚکان ۔ یۆتاہ
اِقتصأدیاتچ بنیاد پایدار آسہِ تیۆتاہ یہ سمأجی بجأیی کُن بڈس پیمانس پیٹھ ظون دِنہٕ ۔ یہ
رۆدُس پننہِ خاطرٕ یتھے پأٹھی دولت حاصِل کرنس منز کامیاب ۔ یوسہٕ سارنے ہِنٛدِ خاطرٕ
چھےٚ کیازِ میانِین ہمسایَن چھُ مےٚ نِشہٕ نصف کھۆتہٕ زیادٕ بلکہِ دۆن کوٚٹھ حاصِل کرنس
منز مدد میلان ۔ سہٕ نہٕ چنٛدِ منزٕ ذأتی ہارٕ دیار کڈنہٕ رٔنگو چھُس تِمن مدد کران بلکہِ چھ تم
میأنی ترقی وُچھِتھ پانہٕ بروٚنہہ پکنٕک ژھل بل کران ۔ اَکھ اَکی ہِنٛدٕ خارٕ پانہٕ دولت
کماونچ کوٗشِش کرنک یہ خیال چھُ سبٹھا سیٚو دمگر اَسہِ تام واتنس لۆگ واریاہ وَکھ ۔
کیازِ اَتھ منز آیہ ژٔھری پأد کرنہٕ ۔ حالانکہِ اَتھ پیٹھ عمل کرنہٕ باپتھ چھےٚ پننہِ عقلہٕ رژھا کأم

ہیٚنٛز تہٕ ......"۔

"مےٚ گژھہِ معأفی دِنٛی۔ مےٚ چھےٚ نہٕ پانس وُنہِ یپٔژا عقل" رَازوٗمنہِن دیُت گتھِ ٹگھ بہتر چھُ یہ بحث ییٚتی اندواتناوُن۔ مےٚ تجُیوا کھ مقصد مدِ نظر تھأوِتھ اَتھ دَس اما پوٚز ترٚیوٚ ؤ ریوٚ پیٚٹھ ییٚتھی فرسوٗدٕ تہٕ خودفریبی ہٕنٛدی ؤسی پایہِ خیالات بوزان بوزان آم جانہِ منس پیٚٹھ۔ ژٕ چھُکھ پننہِ ذہنی بلندی تہٕ عٔلمُک فوری اِظہار کرنہٕ باپتھ یمہٕ زیچھٕ زیچھ کتھٕ گران۔ خأرژےٚ چھےٚ نہٕ امیک قصوٗر کیاز ژےٚ یےٚ ہِو بٕن انسانن ہٕنٛز فطرت چھےٚ یِژھی آسان۔ بواوُسس دراصل فقط یہِ زانُن یژھان زِ ژٕ کمہِ قسمُک انسان چھُکھ۔ ازکل چھِ اکثر بے ایمان تأجر ترقی پسند خیالاتن پننہِ آیہِ وَل دِوان تہٕ ؤ کرنہناوان۔ یِتھے پأٹھی زٕ سٹھرٲ وِتھ ژےٚ لوٚکچہِ کتھِ پیٚٹھ گگرِ ہُنٛدگٕن۔ خأرژَٹ ووٕنی کتھا"۔

"بےٚ ادبی معاف ...... جناب" لژہٕن ووٕنس بُتھ ژٕ کرأ وِتھ مگر وقارٕ سان ......"چون مطلب چھامےٚ چھِنہٕ راہ رسم معلوٗم تہٕ بوتہِ ......"۔

"ہے جناب...... بو کتہِ اَنہٕ تم سَتھ کلہٕ؟...... تلہٕ سا ژھوٚٹراوتہٕ ووٕنی"۔ رَازوٗمنہِن ترووٕنس لکبھُت تہٕ دبودَب زوٗسی موفس کُن پھیرِتھ ہیٚژ تمو پٕنٛنی پٔتم گتھ جأری تھاوِنٛی ......"۔

لژُہن اوسنہٕ دیماغہٕ کنٛی کوٚچ کینٛہہ۔ تس توٚر گتھ رٹنٛگ مطلب فِکرِ۔ تہٕ أژٕرِ کنٛی کوٚرُن أکِس یادوٕن منٛٹن اَنٛدرٕ راتہِ نیر ٕنگ فأصلہٕ۔

"مےٚ چھےٚ ووٕمیدزِ" ......تمی ووٕن رَاسکولِنکافس کُن "یارزندہ صحبت باقےٕ۔ ژٕ ٹھیک گژھتھےٕ تہٕ خاص پأٹھی تم حالات نظرِ تل تھأوِتھ یم ژےٚ بوزنہٕ پأٹھی معلوٗم چھی گژھن سأنٛی تعلقات پایدار...... میون خودادی نےٚ آےتہٕ پاے......"۔

رَاسکولِنکافن پھِرنہٕ گردن تہِ تس کُن تہٕ وُچھنٛج چھےٚ نہٕ کتھے۔ پیٚٹر پیٚٹرووِچ لژہن لوٚگ کُرسی پیٚٹھٕ تھوٚ دووتھنہِ ......

''خار......سو ہسا آسہِ پٕنٕنی کائنسہِ گراگن مارمٕژ'' زٕ سی موفن ووٚن بجہِ ہنٛدِ قلیچ گتھ جاری تھاوِتھ۔

''بالکل......تتھ مٕنز چھُنہٕ کہٕنی شک''۔ راز ومنہن ووٚنُس یقرار کران۔

''پرافری چھُنہٕ وُنہِ زیو مٕژ راوان مگر تمن سارِنی چھُ پرژھ گار کران یم بجہِ نشہِ چیز گروتھاوان آسمٕتی چھِ''۔

''پرژھ گار کران'' راسکولن کافن پرژھنس کرٕ کھ دِتھ۔

''اہنسا......مگر ژٕ کیا زِبانبریو کھ؟''

''کی......کہٕنی نہٕ''

''مگر تس کتہٕ چھِ تم گژا کھاتھِ لگان؟''

''کینژ ن ہُند ناو چھُ کوٚچن دِتُمت۔ کینژن ہندی ناو چھِ چیزن ہٕندبن لفافن پیٹھ لیکھتھ تہٕ کینہہ نفر چھِ ازخود حاضر سپدی متی''۔

''قاتِل گژھِ بڈٕ چالاک تہٕ ماہر بدمعاش آسُن۔ کولِل کوٚتاہ سنگ دِل تہٕ دِل گردٕ وول چھُ اوسُمت''۔

''اِی تہِ چھُکھ ژٕ غلط وننان'' راز ومنہن ووٚنُس اتھ کتھہِ ستی اختلاف کران۔

''یمہٕ وِ ے غلط اندازٕ ستی چھُکھ ناژٕ اصل وَتہٕ نشہٕ ڈلان۔ مےٚ چھُ یقین زِ سہٕ چھُ نہ چالاک اوسُمت تہٕ نہ ماہری۔ بلکہٕ چھُ یہِ شاید تسُند گوڈنیک جُرم اوسُمت۔ یہِ قیاس کرُن زِ مُجرم چھُ چالاک تہٕ تجربہٕ کار اوسُمت تہٕ یہ قتل کیاہ چھُن سوٗنچتھ سمجھتھ کوٚرمُت چھُنہٕ بہُن لایق۔ تہٕ ییمہٕ وِزِ أسی فرض کران چھِ زِ قاتِل چھُ ناتجربہٕ کار اوسُمت معاملہٕ چھُ صاف گژھان۔ تہٕ قاتلہٕ سُند بچُن چھُ محض اکھ اتفاق لبنہٕ یوان۔ تہٕ اتفاقن چھُ کیاہ کیاہ سپدان۔ کیا زِ تمی چھُنہٕ اوسُمت بُتھِ ینہٕ والین مُشکلن متعلق شاید سوٗنچمُت تہٕ۔ کارگرِتھ کیاہ لاس چھُن حاصِل کوٚرمُت؟ سہٕ چھُ داہ یاوُہہ روبل موٗلکی

زیور چندن برِتھ دژ امُت ۔ بجہِ ہنٛدِ صندوٗقہٕ منٛزٕ چھِنہٕ تِہنٛدی پلوٗ دوٗنٛژھراٲوِمتۍ ۔ییٚلہِ زن پنداہ شتھ روبل پیٹھی المارِ ہنٛدِ پیٹھمہِ بکھرٕ کہ اکہِ ڈبہٕ منٛز دراٲمتۍ چھِ ۔ تس چھُنہٕ ژوٗر کرنُک طریقے معلوٗم اوسمُت ۔ تمۍ چھُ صرف قتل کٔرِتھ ہیٚو کمُت ۔ بوچھس وٲنٛوقہٕ سان ونان ز یہِ چھُ تسُنٛد گوڈنیُک جُرم اوسمُت ۔ سہٕ چھُ ترہریومُت ۔ تس چھِنہٕ مغز برابر روٗدِمتۍ ۔ سہٕ چھُ قسمتہٕ کِنۍ ژوٗلمُت نہ زِ کُنہِ منصوبہٕ کِنۍ!"

"تِہُنٛد چھِوٕ شاید چیز گرورٹن واجنہِ تس بجہِ ہنٛدِ قتلچ کتھ کران" پیٹر پیٹر ووِچ لُذہن ووٗتھ منٛزی زوٗسی موفس گُن ۔ سہٕ اوس ہیٹ تہٕ دستانہٕ اتھس منٛز ہیٚتھ ووٚدنہِ اما نیرنہٕ بروٗنٛہہ اوس سہٕ بیٚیہِ پننہِ قابلیتُک رژھاداہٕ تراوُن یژھان ۔

"آ......آ......ژیٚے تہِ چھُیہِ بوٗزمُت یہِ"

"ہا بہٕ ہےَ تِتی نکھے روزان چھُس"

"او......تیلہِ ہےَ ژےٚ ساری حقیقت معلوٗم آسی؟"

"حقیقت کیاہ چھےٚ تہِ چھُنہٕ مےٚ پتاہ اما کینٛژ وحالاتو کِنۍ چھےٚ اَتھ کیسس متعلق مےٚ دلچسپی بڑیمٕژ ۔ اہم سوال یَتھ ہِتۍ توٚہہِ تہِ اتفاق آسہِ چھُ یہِ زِ پٔتمیٚو پانژوٕ ریٚو پیٹھہ چھُ لوکٹین طبقن منٛز جُرمن ہُنٛد تعداد واریاہ بڑیومُت ۔ لوٗٹ مار تہٕ آتش زٔنی ہنٛدِ بن واری داتن ہُنٛد چھُنہٕ شُمار ے روٗدمُت ۔ زیادٕ تعجب ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد مےٚ گژھان چھُ سو چھےٚ یہِ زِ بڑبن طبقن منٛز تہِ چھُ جُرمن ہُنٛد تنوسُب بڑان ۔ اکہِ طرفہٕ چھِ بوزان زِ اَکی طالبِ علمن نیوٗ بجہِ وتہِ پیٹھ ڈاکے لوٗٹہٕ تہٕ دوٚیمہِ جایہِ چھِ سماجس انٛدر جان روتبہٕ تھاوَن والی لوٗکھ نقلی نوٹ چھاپان ۔ کیٛنٛہہ کال بروٗنٛہہ کریٖیکھ ماسکوہس منٛز اَکھ بڈ جماتھ گرفتار یوسہٕ نقلی لاٹری ٹِکٹہٕ کِنان اَس ۔ حد چھُ امہِ جماژہ ہُنٛد سرغنہٕ اوس عالمی تواریخ پرناون وول اَکھ لیکچرار ۔ ہپاری کوٚرُکھ نیٚبرِ مس مُلکس منٛز سانہِ مُلکُکہِ سفارت خانُک اَکھ سیکریٹری حقیر مقصد پراو نکہِ غرضہٕ قتل......تہٕ میانٛی راے چھےٚ اَمس بجہِ ہُنٛد قتل تہِ آسہِ

اعلیٰ طبقٕکی کأنسہِ شخصس کوٚ رمُت کیازِ لوٗ کہ پایہِ طبقن ہندی لوٗکھ کتہٕ انن سوٚنہٕ ہنٛز کترِ گرو تھاونہٕ باپتھ...... مےٚ چھُنہٕ کہنٛہ تہٕ بوزُن تگان زِ سانہِ تہذیب یافتہٕ سماجہٕ امہِ اِخلاقی گراوٹُک مقصد کیاہ چھُ؟"

"امیک وجہ چھُ اِقتصأدیاتکس مأدانس منٛز سپدن واجنہِ تبدیلہِ"۔ زوٗسی موف وۄتھس در جواب۔

"تہٕ وونی کیاہ چھُ تیٚلہِ امیک وجہ؟" رازومنہن روٚٹ سہٕ ژھوٚٹہِ گنٛڈ۔ تہٕ پننہِ سوالُک پانے جواب دِوان ووٚنس ستی ......"أسی ہیکوٗ نتھ زِ یہِ چھُ سانہِ عملہِ ہُند فُقدان۔ یتھ کُن اَسہِ تھر کوٚ رمُت چھُ"۔

"مثلن؟"

"چأنِس تس ماسکوٚکس لیکچرارس یٚیلہِ پرٛژھنہٕ آو زِ سہٕ کیازِ اوس ہیرا پھیری کران تمہِ کیاہ جواب اوس دِیتمُت؟ اِی ناپرٛتھ کانٛہہ چھُ اَکھ یا بیا کھژھل وَرتأوِتھ سرمایہِ دار بنان۔ تہٕ اوے کَنی لجوس بوٚ تہِ دولتمند بننس منٛز جلدی کرنہِ"۔

مےٚ چھِنہِ تِسنٛدی لفظ پوٗرٕ پأٹھی یاد مگر تِہنٛدِ وننُک مراد اوس زِ تس اوس کأنٛہہ کُملاونہٕ روستےٚ دولتھ پراونُک طماہ۔ سہٕ اوس تالوٗتنگ ژھاران اَسہِ چھےٚ ییٚہہ سِندِ اتھہٕ کانگرِ پھیُر کرنس ہاوٗل گأمٕژ۔ أسی چھِنہِ پننین کوٚٹھین پیٹھ ووٚدنہِ روزٕن یرٛژھان۔ اَسہِ گوٚژھ پرٛتھ کینٛہہ تیار بہٕ تیار آسُن۔ اَسہِ چھُ پہمُتےٚ خوش کران تہٕ بیاکھی گوٚژھ کھسِن تام ژأپتِھ آپراوُن۔ تہٕ یٚیلہِ امتحانچ گرٛاٹہ وأتژ پرٛتھ نفرٕ ہنٛز اصلی صوٗرت درٛایہ تُنی۔

مگر اخلاق یاوُنی تو اوصوٗل ............"۔

"مگر ژےٚ کیاہ توتہٕ اخلاقٕچ یا اصوٗلن ہنٛز فِکر؟ راسکولنکاف ووٚتھس اچانک پأٹھی۔ "یہِ چھُ چانی سوٚنچن تر ایہِ مُطأبِق؟"

"چھُنا ...... تہٕ کیاہ جواز چھُ چانہِ سوٚنچن تر ایہِ ہُند یمیک اِظہار ژوٗنی کران

اوسکھ ۔ چون سونچُنگ انداز چھُ صاف پأٹھی وننان زِ پننہٕ مفادٕ موٗ کھٕ ہیکو کھ أسی لوٗ کھ قتل کٔرِتھ......"۔

"مےٚ کرووٕن تہٕ...... تیٚتھ کُس لفظ ووٚن مےٚ ؟" لُز ہن ووٗ تھ ووٗ ری ووٗ ری۔

"نہ...... نہ...... تژھ کتھ چھےٚ نہٕ" زوٗسی موفن کٔرِ ثالسی۔

رَاسکولنکاف اوس لرتر آ وتھے مگر بُتھِ اوسُس سفید کپر ژادر ہیوٗ۔ ہیٚر یم وُٹھ اوس دندن تل رٔٹتھ تہٕ شاہ ہیٚنہٕ وِزأ ءسس دَگ باسان۔

"پرٚ تھ کُنہِ چیزُک چھُ حد آسان لُز ہنن ووٚن حقارتہٕ سان" معاشی نظریات چھِنہٕ قتل وغارتس وُتلِش دِوان...... بلکہِ چھُ......"

"تیٚلہِ چھُنا یہِ صحیح" رَاسکولنکاف ووٚتھس شرارتہٕ ہوٚت بیٚیہِ اکہِ لٹہِ ۔" یہِ چھُنا صحیح زِ ژٕ ےٚ ووٚتھ پننہٕ بنن واجنہِ رنہِ تُہنٛدِ اِقرار کرنہٕ پتہٕ اکُے گنٹہٕ گژھِت زِ...... ژٕ گوکھ سو پرأوِتھ زیادٕ خوش اوٚ کنی زِ...... اوٚ کنی زِ...... سو أس اَتھِ دارنس ...... ژٕ ےٚ ووٗ تھس نانیتھر گژھِ غریب گرچہِ کورِ ستی کرُن یتھ زن سو پوٗ رٕ پأٹھی موٗ چھِ منٛز روزِتہٕ خاندار ٕسنٛدِ احسانہٕ کنی کأرُن مرتھ روزِ" رَاسکولنکاف اوس یہِ ؤنتھ لُز ہنس ءٕ کرو اءنز یژھان تہٕ امہِ ستی آسہٕ تس بوٚ قہٕ پھولان یہِ زن تہنٛدِ بُتھِ پٹھے ننان اوس۔

"توبا ...... یہِ چھامےٚ ووٚ ئمُت" لُز ہنس کلے یہِ شرارتہٕ ستی زیو۔ پریشان گژھِت زَن سہٕ وولنہِ لوٗ گ "میانہِ کتھِ تہٕ تھ پأٹھی مسخ کرنک چھُنہٕ کانسہِ حق! مےٚ چھُ افسوٗس زِ ژیےٚ نِشہِ چھُہس بو غلط رنگس منٛز پیش کوٚ رمُت ۔ مےٚ چھُ یقین زِ ژیےٚ چھے گن برٔمتی تہٕ یہِ کینہٕ اژیےٚ میون وٕننہ آمت چھُے تَتھ چھےٚ نہٕ کانٛہہ صداقتہٕ تہٕ بُنیاد...... مےٚ چھُ شک گنان ...... یہِ تیر ...... کمی آسہِ لویمُت ...... بلکہِ وَنہو ژھوٗ ٹی پأٹھی ...... یہِ چھُ چانہِ ماجہِ ہُنٛد کار...... مےٚ باسیو گوٗ ڈے زِ سو چھےٚ رٕژ آسنہٕ باجوٗ دٕ ژٕ کھوٗ رتہٕ ۔ سو چھےٚ پرٚ تھ کُنہِ کتھِ کوٗ دٕ کڈان ۔ مگر مےٚ اوسنہٕ ہرگز یہِ خیال زِ سو کرِ مےٚ متعلق غلط بیانی تہٕ

گتھ بناوِ کوتھ۔ پوٗز سوچھے ......سوچھے ......"

"یوچھسے دپان" راسکولنکاف ووتھ خشمہٕ ہوٚت تہٕ تگیٚس پیٹھ ڈوکھ ترأوِتھ
کرنس سوٗ ؤج زنتہٕ کھیت نہٕ سس۔ أچھ گیٚس نارٕ تیوٚ نگل ہشہٕ۔ "یوچھسے ژےٚ ونان"۔

"کیا؟......" لذہنن پرژھنس موٗنیمتہٕ بتھ کینژن برِ تۄ بن گیہ اتہٕ ژھوٚپہٕ۔

"بوز......گن دأرِتھ بوز......اگرے بیٚیہ زانہہ میانہٕ ماجہ ہندِ ناوٕ......أکھ لفظ
تہٕ بدردووتھ......بوژھنت ہیرِ ڈٗلہٕ......آ......یو......یو کڈے زبو موٗلہٕ"۔

"بنیوٗے کیاہ سا ژےٚ؟"......رازومنہن پھیرُس بتھ۔

"گو یہ کتھ چھِ" لذہنن زردیو تہٕ لوٗگ وٗٹھ ژاپنہٕ "بوزِ یوٚ حضرت یو ونے
صاف زِ" تمی کوٚرزأنتھ مانتھ نرم رٕ ویہٕ اختیار۔ پوٚز پھوٚراو سُس سخ ووتھان۔"
ژےٚ کوٚرتھ نہٕ گوڈٕ پیٹھے مےٚ ستی رُت سلوٗک مگر بو رٕ دُس توتہٕ بیٚتی اوٕموٗکھ زِ بو وٗچھ
چون طور طریقہٕ وارٕ۔ خأر أکس کأہل تہٕ رِشتہٕ دارس ہیکہٕ بووٗنی کبس وار یاہ معاف
کرِتھ......اما......ییمہٕ یور کُن کری زِ زیوٚ پنٕنی سلوٗک......"۔

"یو چھس نہٕ کینہہ بمارو بمار"۔

"ژتھ پأٹھی چھُ زیادے احتیاط کرُن"

"ہیا گژھو اویا ژوٗسُر"۔

مگر لذہنن اوٕس پنٕنی کتھ موکلاوِتھ کرسی تہٕ میزٕ منزی بأ گی وارٕ وارٕ نیرنہٕ لوٗگمت۔
وٗنی کبس ووٗتھ رازومنہن تس جاے دِنہٕ خأطرٕ تھوٚد۔ لذٔہنن تجہٕ نہٕ کانٔسہٕ کُن
أچھ تہٕ......حتیٰ کہٕ زوٗسی موفس کُن تہٕ نہٕ یُس أمس منزی منزی اشارٕ ہاوان اوس زِ بمار
ترأویوٗن وٗنی کبس کُنے زون۔ لذٔہنس کأ ژاذلالت سپز تمیک اندازٕ اوس وٗنی کبس
تھنڈٕ پشیچ ڈوک وٗچھنہٕ تلہٕ فکرِ تران۔

"اِی چھا ساضأبطہٕ؟......بنیوٗے کیاسہ ژےٚ؟" رازومنہن ووٗتھ راسکولنکافس

کلہٕ لِیناوِتھ۔

''ترٲیوٚ کُنے زوٗن مےٚ...... ساری نٔپر یوٚ نمبر'' رَاسکولِنکاف وولیو۔ ''یو کھوڑ ہایہِ ژیےٚ......بوچھُس نہٕ ووٗنی کانسہِ کھوژان۔ ییٚتہِ گرٛھیوٚ دفع۔ تٔہی مہٕ روزیوٚ کہنٛ ییتنتھ۔ آ کہنٛ نہٕ......نٔپر یوٚ......توٚہی نٔپر یوٚ نمبر''۔

''ووتھ ساووٗنی'' زوٗسی موفن ہوورَازومِنہس اشارٕ۔

''مگر ٲسی کتھہِ ہیکون تِتھِس حالتس منٛزٕ یہِ کُنے زوٗن ترٲوِتھ''

''ووتھ ساووٗنی'' زوٗسی موفن ووٚنُس دُبارٕ بمہٕ چاٲرِتھ تہٕ پانہٕ دڑاو نمبر۔

رَازومِنہن دیُت برُنٛزادَم تہٕ دڑاوسہٕ تہِ پتے نمبر۔

''اگر نے ٲسی وُنی کِبس اوہنٛد مانہو حالات گرٛھہن ابتر'' زوٗسی موفن ووٚن رَازومِنہس ہیرِ پٹھ واتِتھ ''وُنی کِبس گرٛھنہٕ ٲمِس زٕہ کھسنٕ''۔

''دلیل کیا سناگیٚس؟''

''کیٛنہہ تیٚتھ گوٚژھ سپدُن ییمہِ ستی وہنٛد دِل خوش گرٛھہِ ہے۔ تِتھے کُنہٕ پھیرِ یہٕ۔ نتے گوڈٕ ٹھیک اوس۔ ژیےٚ چھُیہِ تران فِکرِ دراصل چھُ ٲمِس وُنی کِبس دِمباغس پٹھ خبر کیاہ بار۔ کیاہ تام خاص خیال یَتھ متعلق یہِ سٔنِتھ چھُ۔ غالبن چھُ ٲہنٛزٕ بمارِ ہُنٛد سبب یِہوے پیٹر پیٹر ووِچ لُذہن۔ تہنٛز وکتھوتلہٕ توٚ رمےٚ فِکرِ زِسہٕ چھُ ٲمی سنٛزِ بیٚنہٕ ستی نیتھر کرُن یژھان۔ یَتھ نسبتھ ٲمِس بمار گرٛھنہٕ برونٛٹھ اَکھ چِٹھی واتٕمٕژ چھےٚ''۔

''تراوُن سالُذہن کُنترہن ستی۔ تمی ژھُن یہِ پتھے کرِتھ۔ تیٚ منٛزی وٕنے...... خبر ژسنیو کہٕ؟......رَاسکولِنکاف نساکُنی کتھہِ شان مگر ٲمِس بُجہِ ہٕنٛدِ قِلیچ ییلہِ کتھ چھِ ووتھان یہِ چھُ گن داریتھ بوزان۔ ٲمِس چھِ حالاتے بدلان تہٕ ستی چھُ سخ پریشان گوٚژھان۔

''مےٚ تہِ تریوتی فِکرِ'' رَازومِنہن ووٚنُس اَتھ کتھہِ ستی اتفاق کرِتھ......دلچسپی نٔہ

گویو پوٚ زُے مگر یہِ چھُ تڑ ہران۔ تھانس منٛز اوس اُمِس امیک ذکر بوٗزتھے غاٗیلہٕ گومت تہٕ تنے گوٚو بیمار''۔

ژوٗنی زِاز شا منس مےٚ ساٗری دلیل تہٕ اِدہیکے بو کینٛہہ شبقہٕ پاٗٹھی وٗنتھ۔ مےٚ گنے یہِ سخ دلچسپی۔ اوڈ گنٹہٕ کھنڈ گژھِت دِمس بوٚ بیہِ نظر...... حالانکہِ ووٚنی کھسہِ نہٕ اُمِس بخارُو خار''۔

شُکریہ بوبہمہٕ یتِس کالس پاشتنکایہ نِشہِ تہٕ نستاسیہ آسہِ مےٚ خبر اَترونان......''۔

رَاسکولنکاف کُنے زوٗن تراٗوِتھ دژاٗے یم مگر نستاسیہ اَس وُنہِ اَتی ووٚدنہِ روٗ زِتھ......رَاسکولنکافس آو سخ جیرِ تہٕ پریشان گژھِت تراٗوِن اُمِس نظر امگر سوڈٗج نہٕ پنٛنہِ جایہِ۔

''ووٚنی چکبھ ناچایہِ داماہ'' تمہِ پرژھنس۔

''نہ پتہٕ پہن چھمہٕ ...... وُنہِ نہٕ کینٛہہ ۔ مےٚ چھےٚ ننبدر یوان۔ گژھ نیر ژٕ تہٕ تامتھ''۔ اِی ونان ونان دِتُن لبہِ کُن لرِ پھرُن تہٕ نستاسیہ دژ ایہِ نبر۔



ا مُراد 1861 عیسوی چہ غولاٗمی ہنٛزِ آزاٗدی ہنٛز گر۔

# (٦)

اما پوٚز تِتھے سو (نستاسیہ) نیبر درایہِ۔ رَاسکولنِکاف ووتھ تھوٚدتہٕ دروازس تور دِتھ مُژ رووُن سہٕ پارسل یُس یۄشامن رَازومِنہِن اوٗ نمُت اوس۔ پارسل ہیٚیہِ بنٛد کٔرِتھ ہیٚتِنٛز پلوٗ نالی ژھٕنِنٛز تعجب چھُ زِ وُنی کبس اوس سہٕ تازٕ دَم باسان۔ دبن گرٛژھنگ یا تمہِ وہمہٕ یا پریشانی ہُند تیمیکنٛز سہٕ پٔتمیوٚ کینٛژ وِدوہو پیٹھِ الفتہٕ اوس بیوٗمُت اوسنہٕ تہنٛدِس بتھِس پیٹھ نیب نشانہٕ تہِ باسان۔ یہِ أس گوڈنچ وِزیٚیلہِ سہٕ وُنی کبس پُرسکوٗن لبنہٕ یوان اوس۔ تہنٛز وحرکژ وتلہٕ اوس کمہِ تام شبقہٕ تہٕ خاص مقصدُک پَے لگان۔ ''أزی......أزی'' سہٕ اوس وُٹھِ تلی ونان تس اوس پَنُن پان کمزور باسان مگر دِلّی راحت محسوٗس کرنہٕ ستی گیٚس ہمت پأدٕ۔ امہِ علاوٕ اوٗسس یقین زِ وَتہِ پیٹھ پیٚیہِ نہٕ سہٕ ووٗنی بے ہوش گژھِت پتھر۔ یِیلہِ تمی نوٚو پلو پوشاک نالی ژھٕن تمی وُچھ میزس پیٹھ موجوٗد روٗپیٚن کُن تہٕ رٕژھا سونٛچ کٔرِتھ برٛبن یِمہٕ چنٛدس یِم أسی 25 روبل۔ سہٕ پھُٹہٕ ووٹ تہِ بوٚرُن چنٛدس یُس داہورو بلومٕژ رَازومِنہِس پلو پوشاک ہیٚنہٕ پتہٕ ہُریوٗمُت اوس۔ پتولاکن مُژ روٗمی وارٕ وارٕ برس تور تہٕ دژاو نیبر تہٕ لوٚت لوٚت ووتھ ہیرِ بوٚن۔ کٔچنٛگ براوس یِیلے تہٕ ژوٗرِ ژوٗرِ ترأوِن انٛد رٕگُن نظر۔ نستاسیہ أس رَاسکولنِکافس کُن پُشتہٕ کٔرِتھ بجہِ نزدیک سماوارس پھوٚک پھوٚک دِوان۔ تمہِ بوٗزنہٕ أمی ہِشٛدِ پکنٛگ صداتہِ۔ پٔز چھُ یہِ زِ أمی ہِشٛدِ نیبر نیرنٛگ کس اوس وہمہٕ گمان تہِ۔ اِدٕ اَکھ مِنٹا گژھِت اوس سہٕ کوچس مٕژ ووتمُت۔

أٹھ آسہٕ تیار بجنٛس تہٕ آفتاب اوس درِلوٚ گمُت گرمی أس سُلہِ کی پأٹھی تیز تہٕ تُند اما پوٚز شہرُک بدبوٗدار تہٕ گردِ بوٚرُت ہوا شوقہٕ سان چینہٕ ستی زن تس ووند شہلیو۔ پوٚز

کلہٕ باسیوس گیہوُمُت تہٕ گیران۔ اُتھی اندرزن تہٕزن بر ہہٕ وِنہن چشمن تہٕ لیڈریمتس بُتھس پٹھ ؤحشیانہٕ بَل ووتلیو۔ سہٕ کوٚت اوس پکان تتھ متعلق نہ اوُسس پتانہ سوٗ نچمُتے۔ تس اوس صرف اکھ خیال زٕیہٕ سورُے گژھِ اُزی اندٕ ن۔ امیک نیاے گژھِ ؤنی وُمبرِ پٹھ موکلُن تہٕ یہِ کام کرنہٕ بغارییہٕ نہٕ سہٕ واپس گرِ۔ تہٕ کیازِ تتھ پاٹھی ہیکِہٕ نہٕ سہٕ زندہ روٗزتھ۔ کتھ تہٕ کمہٕ ستی موکلِہ یہِ نیاے؟ اَتھ نسبتھ اوسنہٕ تس خیال تہِ بلکہِ اوس نہٕ اَتھ متعلق سوچُن تہِ یژھان۔ تمۍ ژٔھنۍ یک لخت سارۍ خیال دأرِتھ۔ یِم خیالات اُسۍ تس ووندِس تچھُن ٹُلان۔ یہِ کینژ اسہٕ زانان یا ژینان اوس تہِ اوس یہِ زِپژتھ کانٔہہ چیز گژھِ بدلاونہٕ یُن ''اکِہ یابیٚہِ رنگہٕ''۔ سہٕ اوس پوٚختہٕ ارادٕ تہٕ اعتمادٕ سان بار بار ونان۔

عادتہٕ مُطابِق لگۍ تسنٛدۍ قدم پانٔی پانے کھرچہِ بازرس کُن پکنہٕ یِنہٕ اکھ جوان اُکس کریانہٕ فروش سنٛدِس دُکانس بروٚنٔہہ کنہِ ووٚدنۍ روٗزِتھ اَتھ باجہٕ وایان تہٕ اکھ جذباتی بأتھ گیوان اوس۔ جوان سُندمس اوس کاو پگھ ہیؤ کرہُن تہٕ اُمِس اُس اکھ کوٗر تہٕ ستی یوسہٕ ؤہرِ شُراہہٕ اُس۔ سو اُس تس بروٚنٹھ کنہِ فُٹ پاتھس پٹھ ہتھ۔ تس اُسۍ نائیلعنکی پرانٔی پلونالی تہٕ ووڈِ اُمِس تنکہِ دار ہیٹ یتھ اکھ ووٚزج پگھ مٔڈتھ اُس۔ تہٕ امہٕ ستی تہِ اُس نہٕ کُنہِ رنگہٕ شوٗبان۔ سو اُس وانہٕ وأرِس نشہِ کینٔہہ وٹہٕ پونسہٕ پراونکہِ غرضہٕ تھزِ لیہٕ مئز بأت گیوان۔ تہٕ کوچن مئز گبوٚ گبوٚ آسہٕ تس ہٹٕ رگہٕ لجمٕژ۔ تس اُنٛدی اُنٛدی اُسۍ ژٕ ژور نفر جماہ تہٕ رَاسکولنکاف تہِ رلیویمٕنٕ ستی۔ چندٕ کڈِنۍ پانژھ کوپک پھٔٹہٕ ووٹ تہٕ ترأوِنۍ اُمِس کورِ ہندِس اتھس پٹھ۔ تمہٕ ژوٹ بأتھ تہٕ باجہِ واین وأرِس دِژان کربکھ ''پگھ سا بروٚنٹھ کُن''۔ تہٕ درأے دوٚیمِس ولنہٕ وأرِس کُن۔

''توٚہہِ چھا کوچن مئز گیوٚن والین ہُنٛد گیوٚنہِ پسند یوان؟ رَاسکولنکافس پژھ اُکی اڈورِ نفرن یُس اُمِس نزدیکی ووٚدنہِ اوس۔ تمۍ نفرن گرِس حارتہٕ برِژ نظرا۔ ''مےٚ چھُ کوچن مئز اتھِ باجن پٹھ گیوٚن بوزُن سخ خوش کران''، رَاسکولنکافن ؤنی نس

پٔنٛز راے تمہٕ آیہٕ زنتہٕ کُنہٕ خاص موضوٗعس پیٹھ کتھ کران اوس۔

''مےٚ چھُ ہرِدکالس شامن بأگ ییٚلہٕ گٹہٕ تہٕ ترآسان چھِ یہِنٛد گوٗن دِل مُہتھ نِوان۔ یمن پزٕ گوٗن خاص پأٹھی ییٚلہٕ زَن وتہٕ پکہٕ وِنہٕ بتھس زوردی پھیر مژآسہٕ تہٕ تھکی ہتی آسن۔ تمہٕ وِزِ چھُ اَتھ زیادٕ سادتہٕ سرٛوٗریوان۔ ییٚلہٕ شین پیوان آسہٕ تہٕ ہوا رژھ تہٕ ڈلان آسہٕ نہٕ...... توہہٕ توٚ رامیون مطلب فِکرِ؟ کوچن ہُنٛزٕ بتہٕ کیاہ چھِ تتھس موسمس منٛز شولہٕ ماران تہٕ ............''۔

''خبر مےٚ چھُنہٕ معلوٗم...... مےٚ بخش تہٕ......'' اَجنبی ووٗنس درجواب لوٚت لوٚتےٚ تہٕ رَاسکولنکافنہٕ امہٕ سوالہٕ تہٕ وطیرٕ ستی ہناتر ہرتھ تورسٹرکہٕ ہُنٛدِ دویمہٕ اندٕ کِس فُٹ پاتھس پیٹھ۔

رَاسکولنکاف تہٕ پوٚک سیٚودُے تہٕ ووت تتھ جایہٕ ییتہٕ تمی لِزر واتابسأطس تہٕ تسٕنٛزِ گرٕواجنہٕ ستی کتھ کران وُچھےیہٕ۔ اماوٗنی کیٚبس اُسی نہٕ تم تتتھ۔ یہٕ جاے پرزناوِتھ ٹھہریو رَاسکولنکاف تہٕ أندی پکی نظر اتراوِتھ وُچھن اَکھ جوان یَس ووٗزِ ج قمیض نالی أس تہٕ غلہٕ فروشہٕ سٕنٛدِس دُکانس برونٛہہ کنہٕ کاڈ کڈان اوس...... لوٗگ تس پرٛژھنہٕ۔

''دوٚیم جناب...... ییٚتتھ اوسنا یَتھ تھزٕرس پیٹھ اَکِس بسأطی سُنٛد دُکان یَس زنانہٕ تہٕ ستی آسان اُس؟''۔

''مختلف لوٗکھ چھِ ییٚتتھ وان بہنان'' جوانن ووٗنس درجواب...... ناوکیاسنا چھُ تِمس؟''

یہٕ وناں أسس (مےٚ چھُ پتےٚ معلوٗم زِ سہٕ اوس عیسأے) ژٕ چھکھ نایتہٕ روزان۔ کمہٕ صوبک چھُکھ؟''

''صوبہٕ پیٹھ نہٕ بلکہٕ چھُس بو اکہٕ ضلع پیٹھ آمُت''۔ جوانن وُچھ ییہٕ رَاسکولنکافس کُن...... ''بوٚزو جناب بہٕ چھُس ضلعس اندر روزان''۔

''اچھا ہو تیتھ چھاہہ شراب خانہٕ؟''

''آ......آ......تتہِ چھُ بلیرڈ گندنہٕ باپتھ اَکھ کمرٕ تہِ۔ تہٕ تتہِ وُچھکھ ژٕ واریاہ شہزأدیہ ......لألہٕ''۔

رٲسکولنکاف توٗر چوکس اپوریٚتہِ واریا گرہسی جمع أسی۔ سہٕ ژاوأتھی جمگھٹس منز۔ از اوس سہٕ لوٗکن ہٕتی بحث کرُن یژھان۔ اما پوٗز گریستیٚو دیُت نہٕ تس کُن ظونٕے۔ تِم أسی پانہٕ وأنی کتھہِ کرنس منز مَس۔ رٲسکولنکافن کوٚر رژھا سوچ تہٕ پھرُن ژٕچھن کُن روخ تہٕ دژاو 'وی' علاقس کُن۔

تمہِ تنگ کوچہِ کنی اوس سہٕ کِہیا یہِ پھرِ دژامُت یُس کھرچہٕ بازرٕ پیٹھ شروع سِدتھ أکس زأویس پیٹھ سادوی کوچس کُن گژھان اوس۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس سہٕ یٚیمہِ خیالہٕ امہِ کوچہِ کنی باضے آوارگی کرنہٕ نیران زِ دِلک بار ماہرِ ہَس تہٕ وُنی کبس دژاوسہٕ کُنہِ خیالہٕ ورأے۔ کوٗچس بٚیس گلِس پیٹھ آسہٕ واریاہ بجہِ بجہِ عمارٕژ یٚیمن منز فقط ریستوران، ہوٹل تہٕ شراب خانہٕ أسی تہٕ زنانہٕ آسہٕ اتہِ رأژہُند پوشاک لأگتھ ووڈٕ نٚییے أندرٕ نبر کران۔ کیٚنہہ زنانہٕ آسہٕ فُٹ پاتھن پیٹھ ٹولہِ بنأوِتھ تہٕ واریاہ آسہٕ امدأ خوٗبصوٗرت مکانن ہِند بن بڑاندن پیٹھت بہتھ۔ أکس کمرس أندرٕ اوس گیتار وایُن تہٕ زنانن ہُند گیوٗن کنن گژھان۔ یٚیمہِ ہٕتی طبیعت خوش اوس گژھان۔ یہِ گیوٗن اوس کوچس تاں واتاں۔

زنانن ہٕنز أکھ کھیجا أس دروازس ولنہٕ آمژ۔ اَجہِ آسہٕ ہیرِ پاوبن پیٹھ بہتھ تہٕ اجہِ پٹرٕ پیٹھ بہتھ۔ واریاہ آسہٕ ووڈٕنی روٗزِتھ پٔژن دربار کران۔ یٚیمن نزدیکی اوس أکھ فوٗجی شرابا چیتھ أسس منز سگریٹائٕ ٹِتھ ژانگہِ دزٕنی لایکھ ناسزاونان۔ شاید اوس سہٕ وَتھ ژھاران مگر یاداوسُس نہٕ زِ کوٚت چھُس گژھُن۔ أکھ بیچھٕ وُن اوس دوٚیمس بچھِ وٕنس ہٕتی ژُوان تہٕ بیا کھ نفرا اوس وتہِ سیٚیہٕ منزس بے حال پیومُت۔ رٲسکولنکاف ژاو

زنانن ہٕنٛزِ تتھ جمأژ منٛز یمہٕ ژانگہِ دزٕ ونہٕ لایکھ تھن مُسلہٕ تلان آسہٕ مطلب ننے کتھ کران آسہٕ۔ تمہٕ آسہٕ وڈٕ ننے۔ نألی أسِکھی کھُد رِہنٛدی پلوتہٕ کھوٚرن چمرٕوی کھوٚر بانہٕ۔ اَتہٕ آسہٕ زنانہٕ 40 ہی پیٹھی تہٕ تہٕ کینٛہہ یمہٕ 17 ہایہٕ زیادٕ آسہن نہٕ۔ أچھی ٹاربن أندی أندی أسِکھی الہٕ پلہٕ سارِنے کرِہنٛز دأیر بنأوٕمتی۔ گوٚن تہٕ اند ریم شور بوٗزِتھ تنبلیو رَاسکولنکافس دِل۔ اندر اوس کُس تام گیتار سازٕ کینہٕ سُرن مُطابِق نژان۔ تس زن کھُژیہ گوٚن بوٗزِتھ کأف تہٕ لوٚگ کُن دأرِتھ بوزنہِ۔ تمہٕ ہیوٚت پٔر پیٹھٕ أچھی کمرس کُن روخ کرُن ییتہِ اَکھ زنانہٕ بأتھ یمہِ آیہٕ گوان أس۔

موکھ پرہنہِ میانے ہا بہودٕ رو
کشہِ متولا ییم چھبس بےٚ قصوٗرو

رَاسکولنکاف گوٚو یہِ زانِنہٕ خأطرٕ سخ بیتاب زِ امہِ گوٚنک کیاہ مقصد چھُ؟

"اژابو تیلہِ اند ر؟" تمی کوٚر سونچا۔ "شراب چیتھ چھِ یم مسایہِ کران۔ چھُنا صلاح یوٗتہٕ چمہٕ یڈ بٔرِتھ از؟"

"کیا سا اند رچھے نا اژُن؟"...... اکہِ زنانہِ پرژھنس اسہٕ وِنہِ ہوٚنجہِ مخصوٗص ترایہِ ژچھنہِ أچھی ستی اِشارٕ کٔرِتھ۔ سوٕ أس کُنہِ زنانہٕ اَتھ ٹولہِ اند ریوسہٕ شکلہِ صوٗرٕتکہِ باقیو مقابلہٕ پریہ ژٕنی جوان تہٕ ہٹہِ وَسنہِ لایکھ أس تھنٛز آوازتہٕ أس خوشہِ ژٕنی۔

"کیاہ حسین چھےٚ یہِ" رَاسکولنکافن ووٚن پانس ستی تس کُن نظرا کٔرِتھ۔ تمہِ گُمنأوی وُٹھ تہٕ پننہٕ تعریف بوٗزِتھ پھوٚ جبس یوٗتہٕ۔

"میون دِلبرتہٕ چھُنہٕ کینٛہہ کم پٔرٕیہ وُن" سوٕ ژھس درجواب گردنہِ خم ژأنتھ۔ "مگر بچأرِس ہوٚکھ ترنگر چھبس گامٕژ" یٚیہِ زَنہِ دِژ پننہٕ رائے۔ "کیا سہ ژٕ ما چھُکھ شفاخانہٕ پیٹھے یور آمُت؟"

"خبر کمن رأنی کھانن ہٕنٛزٕ کورِ چھےٚ...... وونگوتسہٕ چھکھ جلگوزگوجہِ سوٚنب"

أکی گرٕہسی وون شیطانٕی آیہِ اَسنا گرتھ یَس پننہٕ راہ کھوٚتہٕ زیوٗٹھ کوٹھ ناٗلی اوس۔ ''اژان کونہٕ چھُکھ ...... گرٕشہ ہُو چھتکھ مزاہ''۔

''تیلہِ اژوأسی'' بیا کھڑٕنی وٕژھ تس گرٕہسی تس کُن ...... '' کیازِ نہٕ ......میانہِ قرارٕ پکھ ووتھ''۔ اِی ونان ترأوِنی تس زنانہِ ہنٛزِ نرِ منزٕ رٕتہٕ ژاو شراب خانس اندر۔

رَاسکولنکافن تہِ لوگ أتھی ستی نیرٕن۔

''یپأری جناب یپأری'' تمہِ جوان کورِلوے رَاسکولنکافس پوٚت آلو۔

''کیاہ دلیل؟''

''مےٚ شہلن وو ڈِہنڈی رُم اگرے ژٕ پرٕتھ دوہ مےٚ ستی اَکھا اَکھ گاٗنٹہٕ گُذار کھ۔ یوچھبےٚ ژیٚ آیتن ژٕ چھُکھ سبٹھے رحمدل۔ وونگواز چھُہم ......مطلب......بوچھبےٚ ونہٕ مند چھان۔ ژٕ باسیو کھ مےٚ سبٹھا اصل ۔مےٚ چھےٚ وومید ژٕ دِکھ مےٚ شیےٚ کوپک وُنی کبس۔مےٚ چھنہٕ ازا اَکھ پونسہٕ تہِ چندس۔بوٚ تہِ چھمہٕ ہا اَکھ گلاساہ۔

رَاسکولنکافن ترو چندس اتھٕ تہٕ یہِ کینٛژا اتہِ کھوٚتُس تہِ تیرووٗن تس اتھس پیٹھ یم أسی پنداہ کوپک۔

''پنداہ کوپک...... واہ ...... واہ ...... واہ۔ کوٚتاہ دِلدار چھُکھ ژٕ۔ ازتام چھُمنہٕ یُتھ سُنٛی کانٛہہ وُچھمُت''۔

''ناو کیاہ چھےٚ ژےٚ؟''۔

''ژٕ أز یکھو نان مینٛ دِیون ڈُکیلدا''۔

'توبہ توبہ......یہِ گوٚو تاون''۔اَکھ زنانہٕ وٕژھ ڈُکیلدا لیہِ کُن کلہٕ گلہٕ ناٗوِتھ۔ ''ہتے ژیٚ گوے نازَس تہِ اُمس ہُمہِ ہیٚمہِ ورأے پونسہٕ منگنہٕ وِزہ۔یہِ گوٚو پھٹنس برابر......بوکرِ امہِ کھوتہٕ سمندرس ووٹھ لاینٛ برداشت۔

رَاسکولنکافن ترأو یِمہِ کتھ وٕنن واجنہِ زنانہِ کُن حاٗرتہٕ بٕرٕ ژِ نظراہ۔سو آسہِ ہے

وہرِ ترہِ۔ بتھس أسس آکھ تہٕ ہیٚرِم وُٹھ اوٗسس موٚٹ۔ سو أس یم تانہٕ دِنہٕ وِزِ سنجید تہٕ امہِ تلہٕ اوس دۆ رِ تھنہٕ پیشہٕ دار بن آسنک پیٚ لگان۔ 'خبر کتہِ؟' رَاسکولنکاف لوٗگ سونچنہِ 'خبر کتہِ چھُ مےٚ یہ پوٚ رمُت زِ کُستام یِیلہِ پھہہِ دٕتگھ تمہِ برونٛہہ أکھ گنٹہ اوس سہٕ وننان یا آسہِ ہے سونچان زِ اگر ےٚ تس أکِس تھدِ تھدِس بالہٕ تیٚنتألِس پٔٹھ زندہ روزُن آسہِ ہے یِیتہِ پیٚڑٕ اتنگی آسہِ ہے زِ فقط آسہِ ہے وودنہِ روزنس سوٗنٛب گُنجائیش تہٕ ژوپور آسہِ ہے روزٕ وُن تہٕ پوشہِ وُن انہِ گوٚٹ 'بُنِ کِنِ سرٛ نہِ سرٛ ون سمندر تہٕ أنٛدی پکۍ آسہٕ ہن ترٛٹہٕ تہٕ طوٗفان نال وٕلتھ تہٕ تس پیٚیہِ ہے فقط أکھ گز مربع ژَکلِس پٔٹھ وُمرِ ومبرانس زندہ روزنہٕ باپتھ وودنہِ روزُن سہٕ زُوِ ہے ساسن وٕرین تتھے کِنِ مگر یتھٕ پأٹھۍ مرِ ہے نہٕ۔ بس گژھبس پٔنٛنِ زِ ژ زندہ روزِ نی۔ بس زندہ۔ زندگی چھِ بہر حال زندگی۔ زندگی کرِھہ تہٕ أسی تن!......۔ بڑٕ خودایہٕ کرٛاہ صداقت چھِ یہِ......آدم چھُ پزی کمینہٕ تہٕ ذلیل......مگر ساری کھوتہٕ زیادٕ کمینہٕ تہٕ ذلیل چھُ سہٕ یُس کانٛسہِ زندہ روزنٕچ سبیل کرنس پٔٹھ یتھٕ پأٹھۍ ذلیل یا کمینہٕ ونہٕ' تمۍ رَلاوِ ورژھ کھنڈ گرٛھِت کتھِ ستۍ کتھ۔

سہٕ ووت دوہِیمس کوچس منز۔ ہانٛ پلیس دی کرسٹل۔ رَاز وٕمنہن اوسنا پالیس دی کرسٹلچی کتھ کران۔ مگر بو کمہِ باپتھ دژ ایوس ڈیرٕ پٔٹھ......وُچھ سامےٚ پیٚو یاد یہِ اوس زوٗسی موفن کمہِ تام اخبارٕ منزٕ پوٚرمُت۔ ''توٚہہِ آسن اخبار یِیتہِ'' تمۍ پرژھ صاف شفاف ریستورانس منز اژٕ وُنے اتہٕ نفرس۔ اَتھ أسی واریاہ کمرٕ مگر الہِ پلہٕ أسی سأری خألی۔ زٕ ژور نفر أسی چاے چوان۔ تہٕ اتھٕ کنِ کِس کمرس منز أسی ژور نفر بہتھ شامپین چوان۔ رَاسکولنکافس باسیو زِ یمن ژورن نفرن منز چھُ زیمی تاف تہِ مگر یوٗت دوٗ رِ پٔٹھ ہیٚو کنہٕ شبقہٕ اندازٕ کرِتھ۔

''پتہٕ کیاہ سےٚ زن آسہِ'' تمۍ کوٚر سونچا۔

''توٚہہِ چھاوٗ ڈکا چوٗن رِکنہٕ؟'' بہرن پرٛژھنس۔

''مےٚ گژھہِ چاے تہٕ بێیہِ اتہٕ پتمین پانژن شِنہ دوہن ہِنٛدی اخبار۔ یوٚتہٕ کرِ پتہٕ چأنی خدمت''۔

''جناب یم گےأزِکی اخبار۔ وُڈکا چھُناہ کینٛہہ اُنن؟''

پرأنی اخبار تہٕ چاے وأتژ۔ رَاسکولنکاف بیوٚٹھ پتھرتہٕ لوٚگ اخبار پرنہٕ۔

''بلاے یمن......یم چھہِ جوسوٗسی کالم۔ اَکھ زنانہٕ آیہٕ ہیرِ پێٹھہ پتھرلاینہٕ۔ دواہ دُکانہٕ منٛزٕ گوٚونار ظأہر۔ پشکی ہُنٛد نارٕ وأری دات۔ پیٹرس برگس انٛدر نارُک وأری دات۔ اَتی نارُک بیا کھ وأری دات۔ بیا کھ......بیا کھ۔ آ......یہِ۔ یہِ کیاہ چھُ''۔ اُخرس لُب تمۍ سو خبر یوٚسہ سہُ ژھاران اوس۔ تہٕ ہیٚژن بغور پرنی۔ شطرٕ لجہٕ تسنٛزن نظرن بروٚنٛہہ کنہٕ نژنہٕ۔ مگر تمۍ پرٕ یہِ خبر حرفہٕ حرفہٕ۔ تہٕ لوٚگ امہِ پتہٕ کِنہِ شمارن منٛز اچھ وبژھنے ژھارنہٕ۔ اخبارن ہٕنٛدی صفہٕ پھِران اُسی تسنٛدی اتھ الہٕ وٗتھرکی پأٹھی الان۔ دفعتاً بیوٚٹھ کُس تام تہنٛدِس میزس پێٹھ تس نکھہ۔ تمۍ تُج نظر تھوٚدتہٕ یہِ اوس ہیڈ کلرک زیمی تاف۔ تتھے پأٹھی آسس اونگجبن واجہِ لأگتھ تہٕ چند گرہِ ہنٛز رَزنیٚری کنی پژ ہزلان۔ کوٹ اوٗسس مل بوٗرت اماپوٚ زصدرٕری أسس صاف شفاف تہٕ أنٛدری قمیض أسنہٕ سأئلم باسان۔ سہُ اوس اَسہِ وُنہِ ہوٚنجہٕ تہٕ کرٕلی بُتھ اوٗسس شامپێن چینہٕ سببہٕ زوتان۔

''ہے ژکتہِ ساپور؟'' سہُ لوٚگ حأرتہٕ سان رَاسکولنکافس تتھٕ کنی پرژھنہٕ زنتہٕ آدن یار اوٗسس۔ ''یوٚے سمکھیو مےٚ رَازومنہن تہٕ ووتم زِژ چھکھ وُنتہِ بےٚ ہوش۔ تعجب چھُ! ژیٚے چھُیہِ پتاہ بوآسے ژےٚ اوتر خبرٕ تہِ؟''

رَاسکولنکافس اوس معلوٗم زِ زیمی تاف گوٚونہ تھف تُلن وول۔ تمۍ ترأ وی اخبار اوٗک پاسے تہٕ پھیوٚر تسی کُن۔ وُٹھن پێٹھ اوٗسس اسُن پھولان مگر اتھ وُٹھہ کمجارس منٛز اُس تسنٛز أنٛدرِم پریشأنی نُنی۔

''مےٚ چھُ پتاژِ اوسکھ آمُت'' زیمی تافس وونُن۔ ''مےٚ بوٗزیہ تہِ زِژ اوسکھ میأنی

جُرابہٕ ژھاران...... ہے مٔنزٕ وَنے رَازو مِنہس کیاہ جود چھُے کوٗ رمُت ۔ سہٕ چھُ چون سخ فِدوی ۔ اکھتُے اوس دیپان ژٕ چھُکھ لوسی ایوانو نایہٕ ہُنٛدٕ گوٗمُت یَس ناژٕ مدد کرُن یژھان اوسُکھ ۔ یاوَنو یوسہٕ وبسی بناوٕنی یژھان اوسہن ۔ تمی غرضہٕ کرِ تھناژےتوٗہ پھلکٕ پاُٹھی وُڈِتھ گرژھن واُلِس تِس لیفٹننٹس تہٕ اُچھنات ۔ مگر تس توٗ رنہٕ فکری ۔ ژیےٗ چھُے یاد ۔ چاُنٛ کتھ اُس واضح اماپوٗ ژتَس اُسی کاُڈی موٗنٛڈی ۔

''بڈ خر چھُ سہٕ!''

''سہٕ ہا لیفٹننٹ؟''

''نساچون یار رَازو مِہن''۔

''ژٕ کیا ساتماشا چھُک کران ۔ کمن کمن جاین چھُک کُنہٕ ٹھرِ ورأے واتان ۔ یہٕ کُس اوسُے وُنی شامپین چاوان؟''

''ہانسا اُسی ژاُے ہُکٕو......ڈیپؤا کھا اکھ داماہ چمو یکہٕ وٹہٕ......چاوِ ہے کُس سا؟''

''دَپ سا کھنٛز اوسُکھ تُلان ۔ کاتھہٕ تہٕ چھُھن نہٕ چھتنہٕ ورأے تراوان''۔

رَاسکولنکافن کوٗ رٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اَسناہ ۔ ''ہے کرسا اُش میانہٕ یارا''......رَاسکولنکافن کوٗر اِی وننان زیمی تافس پھیکس مٹھِ مٹھِ...... ''ہے ینہٕ ژٕنے دِلس لگی ۔ یہٕ چھسے گندان ۔ بالکل تس رنگ سازٕ سٕندی پاُٹھی یُس دیمتری یٚس ستی گندان اوس''۔

''کُس رنگ ساز؟''

زنتہٕ معلوٗم چھُے نہٕ ۔ یُس ہسا بجہٕ ہُنٛدس فلیٹس منٛز کاٗم کران اوس''۔

''او ۔ مگر ژیےٗ کتہٕ چھُے معلوٗم''

''مےٚ چھُ تتھ متعلق چانہٕ کھوٗتہٕ زیادٕ معلوٗم''

''ژٕ کیاہ ساچھُک اورک یورُک وننان......مےٚ چھُ باسان ژٕ چھُک وُنتہٕ بمار ۔ ژیےٗ پزٕ ہی نہٕ وُنہٕ گرِ نیرُن ۔ ژٕ چھُک نہٕ پٔنن خیالے تھاوان ۔ بڈ عجیب انسان چھُک؟

''ووٗنی چھُسے یہ ژٔے عجیب باسان؟''

''بالکل...... کران کیاہ چھُک ژٕ پرانین اخبارن دوٗرٕ ہ دِوان؟''

''آ...... آ...... یہ اوس میانہِ خاطرٕ ضروٗری''

''ییمن منٛز چھِ فقط نارٕ وأری داتن ہنٛزٕ خبرٕ''

''نہ بوٚ چھُس نہٕ تمہٕ پران'' تمی ترأ وزیمی تافس عجیب نظرا۔ تہٕ بیٚیہٕ گُمنأوِنی وُٹھ۔ ''مےٚ کیاسا اوس نارٕ وأری داتچہٕ خبرٕ پرٕ تھ کرُن''۔ رَاسکولنکافن گرزیمی تافس أچھ ناٹ''وَن ووٗنی پوٚز زِ ژٕ چھُک نازائن یرٕ ھان زِ بو کوسہٕ خبر چھُس پران؟''

''نہ مےٚ کیاہ چھُ تہِ بوٗ زِتھ کرُن۔ شامت پھرٕ م۔ مےٚ پزٕ ہی نہٕ ژٔے گوڈے کینٛہہ پرژھن۔ ژٕ چھُک پتہٕ أکِسے کتھِ تلاُنی کران۔

''ژٔے کیاسا گوے شاید تِتھے ہیوٗ۔ أکھ مہذب تہٕ اعلیٰ تعلیم یافتہٕ أستھ تہِ''۔ ''نہ جناب مےٚ چھُ فقط شیٚمہِ جمأژ تام پوٚرمُت''۔ زیمی تاف ووتھُس درجواب۔

''ہاں ...... بس شیٚمہِ جمأژ تام۔ یانے لکوٗی چھُک دراصل۔ مگر توتہِ چھُ چانوٚ واجوٚ تہ گرِ ہنٛزِ چینہِ سِتی ننان زِ قسمتہٕ کٔنٛز چھُک سُہہ۔ میانہِ سوٚنہٕ گوٚبرٕ''۔ تہٕ رَاسکولنکاف لوٚگ ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اَسنہِ زیمی تاف زن ترہریو تہٕ کھوٚت پتھ پھِن۔

''ژٕ کیاسا چھُک بڈٕ عجیب؟'' زیمی تاف ووتھُس بیٚیہٕ مگر سنجیدٕ پأٹھی۔ چانوٚ کتھو تلہٕ چھُ مےٚ سیٚو دپأٹھی باسان زِ ژٕ چھُک وُنہِ بیمار تہٕ پٔنٛنو جامونبر''۔

''بو چھُسا پٔنٛنو جامونبر۔ یہِ چھُے ژٔے گُمانہٕ۔ میانہِ خوشہِ وُنہِ لکوٚ ...... پزٕی باسیو یہ ژٔے بو چھُس عجیب؟''

''أتھ منٛز کیاہ شک چھُ''

''ووٗنی گژھِ یہ وُنِن زِ بو کوسہٕ خبرا وُسس پران، ییٚمہِ اخبارن ہنٛدِ انبارٕ منٛز کیاہ

اوُسس بوزھاران۔ پزی چھےٚ یہِ شکیٖج کتھ۔ چھَنا؟''

''اچھا وَن ووٚنی''

''کُن گییہ کھڑا؟''

''کیاز۔ کن کیاز گژھنم کھڑا؟''

''تہِ وَنے بو پتہٕ۔ تہٕ میانہِ گو براووٚنی کرِ بو اعلان زِ...... نہ...... نہ بہتر چھُ اعترافِ کرُن...... نہ مگر تہِ چھُنہِ مناسب۔ بو دِمہٕ حلفی بیان تہٕ ژٕ روز تحریر کران۔ بو چھُس حلفن وناناِ زِ بو اوُسس یمن اخبارن منز خبر ژھاران زِ......'' تہٕ زیمی تافس کُن نظر ترٲوِتھ دیُت تمی دَم۔ ''بو آسِ یور یمہِ غرضہٕ...... یہِ خبر پرنہٕ باپتھ زِ بُجہِ ہٕنٛدِس قتلس متعلق سپدن تفصیلات بہم''۔ تمی ووٚن وُٹھ پھسرارے کرِنکہِ اندازٕ تقریباً زیمی تافِس بُتھِس ستیٖ بتھ رلٲوِتھ۔ زیمی تافن گنٛڈنس مدأے تہٕ وُنی کبس ڈول نہٕ تمی پان۔ اَتھ سأرسے منز باسیوزیمی تافس تعجبس لایکھ یہِ زِ الہٕ پلہٕ اَکس منٹس رُوٗ دییم دوشوے ژھوٚپہٕ دَم گرِتھا کھأ اَکس بےٚ حِس وحرکت مُدأے گنٛڈِتھ''۔

''پتہٕ کیاہ زَن گوٚو اگرے ژٕ یہے خبر پران اوسُکھ'' زیمی تاف ووتھُس اَخرکار ژھوپہٕ ٹکھ دِتھ بےٚ صبری منز ...... ''مےٚ کیاہ واسطہٕ چھُ اَتھ ستیٖ۔ میانہِ خاطرِ چھےٚ نہٕ یہِ کانٛہہ خبر''۔

''دوہُم جناب تسی بُجہِ ہٕنٛدِس قتلس متعلق'' رَاسکولنکاف لوٚگس راز دارانہٕ طریقہٕ کنس تل ونہٕ ''لیس متعلق تھُ تمہِ دوٚہہ تھانس منز کتھ کراں اَسی وِییلہِ مےٚ غش گوٚیو۔ ہیوٚیہ یاد۔ ژےٚ چھےٚ نہٕ شاید وُنہٕ تہٕ فکر تران؟''

''کیاہ...... مےٚ کیاہ گوٚ ژھ فکرِ ترُن'' زیمی تافن وونُس تھدِ تھدِ ہنا بُتھ ژٕکرٲوِتھ۔

رَاسکولنکافس بدلیوٚ ہنگہٕ منگہٕ بُتھِس رنگ تہٕ لوٚگ بےٚ والہِ اَسنہِ زنتہٕ پانس

پٹھ کانٛہہ ضبط روٗدُس نہٕ۔ اَتھی منٛز پیوس آناً فاناً پنٛنہٕ کیٚنٛہہ دوٚہہ برونٛہہِ کارنامُک اَکھ ترٛہراوَن وول منظر یاد۔ سُہ منظر ییٚلہِ سہ تمہِ دوٚہہ منٛزٕ ہتھ دروازس پتٕی کِنۍ روٗزِتھ اوس تہٕ نیبر کِنۍ اَسی تم کوٗچ تہٕ چوٗکی دَرد رواز ذٕنہِ راوان تہٕ فاش پران۔ رَاسکولنکافس گوٚیوٗز وُز زِسہ تہٕ ونہکھ جوابس جواب۔ سہ تہٕ منٛز راوِہاز بوٚ، ٹانٛہ ژٹکھ تہٕ اَسن کھنگالہٕ تراوکھ۔

• ''ژٕ چھُک یا تہٕ پاگل نتہٕ......'' زیمی تاف لوٚگ تس وٕنٛنہٕ تہٕ رَاسکولنکافس ژھیٚون ہنگہٕ منگہٕ وۄتلیمتہِ خیالکُ پَن۔

''نتہٕ؟ نتہٕ کیاہ وٕنتھے گژھ!''

''کہٕنٛژ نہٕ'' زیمی تافن ووٕنُس ڈٮ۪کس درٕہ کھاٗرِتھ'' یہِ گیہ ٕمٕغز ماٗری کرٕنۍ'' ووٕنۍ روٗدی دوٚشوے ژھوٚپہٕ کرِتھ۔ رَاسکولنکاف اوس بےٚ والیہِ اَسنا کرنہٕ پتہٕ خیالن ہنٛزٕ گتہٕ منٛز ہیٚنہٕ یتھی ووداَسی گومُت۔ کھوٚنہٕ وَٹ میزس پیٹھ ڈٕ کھراٗوِتھ دِتہٕ دوٚشوے اتھہٕ بتھِس۔ باسان اوس زیمی تافن چھُس نہٕ ووٕنۍ کُلیتاً نے کانٛہہ احساس۔ یہٕ ژھوپہٕ روٗز واریاہن منٹن۔

''چاے کیاز چھُک نہٕ چوان۔ یہِ ہیٚرٕنے ترٕنتی'' زیمی تافن دیتنس حبس۔

''کیاہ چھہ...... چائے؟ مگر آ......'' رَاسکولنکافن تُل چاے داماہ تہٕ ژوٚچہ کھٕنٛڈ اَسس بُرِتھ کرِن اَچھ ٹوٗراٗوِتھ زیمی تافس نظرا۔ تہٕ اَتھی ہتی گیٚس دفعتاً ووداَسی دوٗر۔ سہ آوڈنجہِ تہٕ بتھِس پھیوٗرس ہیٚیہِ پٹٕن رنگ۔ ڈٮ۪کس پھوٚلس اَسن تہٕ لوٚگ چمہٕ کھمہٕ چاے چینہٕ۔

واریاہ کالہ پیٹھہ ہساچھہِ یتھی جُرم زیادٕ زیادٕ سپدان'' زیمی تافن ووٚ نُس گوڈنچہ کتھِ واٹھ دِتھ ''یوٗ پوٚرمے'' ''ماسکو نیوز'' یتھ منٛز لیکھت اوس زِ ماسکوہس منٛز چھےٚ سماٗجی روتبہٕ واجبن اَکھ بٕڈ جماعت رٕٹتھ نہٕ آمٕژ یوسہٕ نقلی نوٹن ہُند کاروبار کران اَس تہٕ جعلی لاٹری ٹکٹہٕ کنان اَس۔

''ہایہٕ چھےٚ پرأنۍ خبر۔ مےٚ چھُ یہِ اَکھ رِتھ بروٚنہہ پٔرمٕژ''۔ رَاسکولنکافن ڈِنُس اطمیانہٕ سان جواب ''بہر حال ژٕ چھُہکھ تم مجرم مانان؟''

''ونان کیا چھُکھ ژٕ مجرم چھِنہٕ تہٕ اِد کیاہ چھِ؟''

''یا تم کیاہ چھِ۔ میأنۍ کنۍ چھِ تم شُری۔ سیٚدی تہٕ سادٕ نہ زِ مجرم۔ تمن کتھٕ تہٕ کیا زِ چھُ خیالن ہُند ہشر۔ امہِ کامہِ باپتھ چھِ ترےٚ نفر تہٕ کأفی تہٕ بیٚیہ گژھن تمن تہٕ اَکھ أکِس پیٹھ پننہِ ذاتہٕ کھوٚتہٕ زیادٕ بروسہٕ آسُن۔ نتہٕ اگر ےتژ یومنٛز أکِس تہٕ شراب چیتھ گربکھ نج سہٕ کرِ سأری سے تلک پیٹھ۔ سیٚدی نے آسہن تم مالا گہن غأر ذمہٕ دار نفر نوٚٹ بدلاونچہِ کامہِ۔ یہِ کوسہٕ عقل گیہ یژھ کامہِ منٛز غأر زان نفرن پیٹھ بروسہٕ کرُن۔ مانوزن یم سیٚد بوٚڈٕ گژھن پننِس مقصدس منٛز کامیاب تہٕ روپیہِ کرورا کرورا وٹھن پتہٕ۔ باقے زندگیہِ کُس حال بنہِ ہے تمن۔ وُمبرِ اوسُکھ اَکھ أکِس اورٕ مان روزُن تمہِ کھوٚتہٕ اوسُکھ بہترا اَکی وقتہٕ پان پھہِ دیُن۔ بیٚیہ چھُنہٕ تمن پتہٕ پتاہ اوسُمت زِ نوٹ کتھٕ گژھن بدلاونہٕ ین۔ یُس نفر پونسہٕ بدلاونہِ گوٚمُت اوس تمۍ ییٚلہ پانژھ ساس روبل رٕڈی تس ژاپہِ اتھن نٹنۍ تہٕ کہٕ تام ہیٚکنۍ 4 ساس روبل گنٛزرِتھ تہٕ پنٛژم ساس ہیوٚتُن نہٕ گنٛزرأوتھے تہٕ بانٛبرِ بانٛبرِ پونسہٕ چندن منٛز برٕتھ کڈِن کُنۍ ٹکھ امہِ ستۍ گنیوسار نے شک تہٕ نیوہس گنڈ پھرِتھ۔ اِد کیاہ أمِس اَکِسے بیوقوف ہندی کنۍ أے باقے بچأرِی تہٕ ولنہٕ تہٕ معاملہٕ وُلٹیو۔ وونگو مےٚ چھُ یہِ ناممکن باسان؟''۔

''یاتس کیا زِ ژاپہِ نٹنۍ اتھن'' زِ میتافن ووہنِس کتھِ ہُند مطلب ژینتھ۔

''بالکل''۔

''مگر مےٚ چھُنہٕ یہِ کینٛہہ ناممکن باسان کیازِ باضے چھُنہٕ انسان پننِس منصوبس پیٹھ پوٚرٕ وُتران''۔

''کیازِ نہٕ؟''

''ژٕ ے زن آسہٕ ہگھ تسنٛز جایہِ ۔ پتہٕ؟ گوڈٕ ونے بوٚ پٔژن ۔ مےٚ چھُنہٕ یوٗت بٔژر ۔ یوٚہیمنہٕ کٔرتام ہَتھ روبل زینہٕ باپتھ یوٗت درد سر مٔلی ۔ تو بایہِ چھُ تہنٛدُ ے کلیجہٕ ۔ مےٚ سمہِ نہٕ روٗ ے یتھِ پأٹھی بینکس پیٹھ گژھنہٕ باپتھ ۔ ژٕ گژھ ہکھٕ؟''

رَاسکولنِکافس زَن پھٔٹ ٕترِ کنڈی ۔ تس اوسنہٕ ووٗنی کتھ کرنس وونٛدے یِوان اما پوٚز توتہِ ہیوٚ کنہٕ زیوِ لاکم دِتھ تہٕ لوٗگس بٔڈتھ بوٗلتھ وٕننہِ ''میون آسہِ ہے بدلٕے طریقہٕ ۔ بوزیو ، کتھ بدلاوٕ ہا نوٹ ۔ گنٛز راوان گنٛز راوان وُچھٕ ہا بو گوڈٕ نیک ساس رُوبل پھِری پھِری ترٛیہِ ژورِلٹہِ تہٕ تمہِ پتہٕ ہیمہٕ ہادوٚیم ساس گنٛز راوُن تہٕ امہِ منٛزٕ کڈٕ ہا پنٛژاہ روبل تہٕ نمہٕ ہاگاشس تل ۔ اتبتھ وُچھٕ ہا پھِری پھِری ۔ یتھ زن سأری دپہن زِیہِ چھُ نوٹ پرکھاوَن وول ۔ اگر ے کانٛہہ پرژھہم تس ونہٕ ہازِمیأنس أکِس أشناونس پیوٚ 25 ہو روبلونٛشہِ اتھٕ چھلُن تِکیاز تِم أسِس نقلی ۔ پتہٕ ونہٕ ہا کھٔبی دلیلاتہٕ لاگہٕ ہا ترٛیُم ساس گنٛز راوُنِ ۔ منٛزی دپ ہا ۔ ہاے افسوٗس دوٚیم ساس گنٛز راوان گنٛز راوان کیاسہہ گوٚو مےٚ شاید سٔتمِس ہتس پیٹھ گرٛزن پھیرُ تہٕ ترٛیُم ساس گنٛز راونہٕ بجاے لاگہٕ ہانوِ سرٕ دوٚیم ساس گنٛز راوُن ۔ تِتھے کٔنٛز گنٛز راوٕ ہا سورُے رقم ۔ گنٛز رأوِتھ موکلاونہٕ پتہٕ کڈٕ ہا پنٛژمہِ تہٕ دوٚیمہِ ساسہٕ چہِ بدِ منٛزٕ اَکھ اَکھ نوٹ نمبر تہٕ ونہٕ ہا کلرکس یِم دِی مہربأنی کٔرِتھ بدل ۔ یتھ زَن کلرک پریشان گژھِ ہے تہٕ دپے ووٗنی کتھٕ وٗتھِ تس شوٗٹھس تھچھ ۔ پتہٕ یِمہٕ ہا نمبر نِرتھ یٔیہِ واپس تہٕ پرژھا ٔبی کلرکس کینٛژا ۔ تہٕ پتولا کن ہمہٕ ہا پنٛنہٕ وَتھ ۔ اِدِ کیاہ یہٕوٚ ے طریقہٕ کرٕ ہا بوٚ''۔

''ہے ژٕ چھک بڈٕ خطرناک'' زیمی تافن ووٗننس اَسان اَسان ۔ ''مگر یتہِ ونے کتھٕ گرٕنہِ چھُ سبٹھاہ سہل ۔ بو وَنے وثوقہٕ سان اگر ہے ژٕ تہِ آسکھ ، پرژھِ جایہِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ غلطی گژھی سرزد ۔ مےٚ چھُ یقین زِ پختہٕ کار تہٕ مأہر مجرمن تہِ چھے لغزِش گژھان ۔ ووٗنی چھے نہٕ چأنٛی تہٕ میأنٛی کتھے ۔ دوٗر کیاہ چھُ نِتہٕ پنٛنی شہرٕچ کتھ ۔ سأنٛس ضلعس

مٔز یُس قتل تس بجِہ ہُند کرنہٕ آو۔ تسُند قاتل چھُ سبٹھے ؤچاپہ اوسمت۔ تمِ کوٚر ہٹس ژٕنہٕ رٔ کھ گرِتھ دوہلی یہِ کارتہٕ...... غبأتی بچیوتہٕ...... مگر تس تہٕ چھِ اَتھٕ نٮ۪ٹے ٔمتی۔ سہٕ چھُنہٕ مال وجادار لوٗٹتھ ہیوٚکمُت۔ مطلب یہِ تس مقصد تہٕ منصوبہٕ اوس سہٕ ہیوٚک نہٕ تہٕ پوٗرٕ گرِتھ یہِ زن نوٚن چھُ......"

"پزر چھُ"...... رَاسکولنکافن وونس اتھ کتھِ ٔستی اِقرار گرِتھ۔ مگر تِھ کیازِ چھُو ہن نہٕ قاتل رٔٹتھ ہیٚکان"۔

"ؤچھان گژھ پانے رٹنس"۔

"کم؟ ژےٚ چھُیا ہتھ زِتھ ہیکُون قاتل رٔٹتھ۔ یہِ کأم چھونہٕ شری گنڈُن۔ توٚہہِ چھُوگوڈ یتہٕ سرکھرٕ کرُن زِ سہٕ چھا رقم خرچاوان کِنہٕ نہٕ۔ کیازِ اگرے کانٛہہ کالہٕ آسہِ مُفلِس تہٕ چھُتیس تہ یکاہ کیُت ہیٚیہِ روپیہِ آپکی پأٹھی خرچاونِ سہٕ ہیکہِ آستھ قاتل۔ اما پوٚز یتھٕ پأٹھی ہیکو توٚہہِ اَکھ دوٚہ شُر تہٕ دوکھ دِتھ تہٕ وتہٕ ڈٲلتھ"۔

"ہرگز نہٕ...... ؤچھنہٕ چھُ آمُت زِ اَکھ شخص چھُ بڈٕ چالاٗ کی سان پننس زوس گندِتھ قتل کران تہٕ امہِ پتے چھُ شراب خانس منزواتان۔ یٚیتہٕ تم پانے زالہٕ لگان چھِ۔ تم چھِنہٕ چأنی پأٹھی چالباز آسان۔ مےٚ چھُ پوٚختہٕ یقین زِ ژٕ پکھ نہٕ تتِھس موقعس پٮ۪ٹھ میخانہٕ کُہ برأندی تہٕ"۔

بُمہٕ چأرِتھ نظرا کرنہٕ پتہٕ ووتھُس رَاسکولنکاف "باسان چھُ ژےٚ چھے اتھ موضوعس ٔستی سبٹھاہ دلچسپی تہٕ شاید چھُکھ یتہٕ زانُن یژھان زِ بو کیاہ کرٕ ہا تتِھس موقعس پٮ۪ٹھ۔ تِی نا"۔

"پوٚز چھُکھ وننان ژٕ" زیمی تاف ووتھُس کیازِ سہٕ اوس پزی یہِ زاننہٕ خاطرٕ بیتاب۔

"اچھا تہٕ بوز"۔ رَاسکولنکاف لوگس بتِھس تل گوٚتھِت کٔنی شیچھ باوٕ نکہِ انداز

ؤننہٕ۔"بوٗوٹہٕ ہاتتہِ سوٗرٕ ے رقم کیٛو زیور تہٕ ٹکی گژھہا دٕ رُکن ترٛژھ وأران جہات جایہِ یتہِ دیوار بندی کٔرتھ آسہِ ہے۔یوسہٕ جاے دٕ رِ باغ یا گرٕ وأر بوزٕنی تگان آسہِ ہے۔یو لنہٕ ہاگو بہٕ کھوتہٕ گوٚب گٔنی یوسہٕ غالباً بروٚنہہ کنہِ مکانس کیٛنجہِ کٔنی لأجمٕژ آسہِ ہکھ۔سون تراو ہادو۔بس یُس أتھی کنہِ تل گومُت آسہِ ہے تہٕ سو گٔنی تھاوٕہس ترٛتھ گٔنی پیٛٹھ زنتہٕ بروٚنٹہٕ پیٛٹھے تتھے أسمٕژ آسہِ ہے۔کھورٕ ستی دِمہس أندی أندی ترٛتھ گٔنی ژیٚل زِ کائسہِ تہٕ گژھہے نہٕ شک یہ گٔنی کیاہ چھِ پننہِ جایہِ ڈٕجمٕژ تہٕ نیرٕ ہا پانس۔دوٚن ترٛبن وٚرٛین تام لاگہٕ ہس نہٕ اتھٕ تہِ۔ پُلسس اگرٕ ے ژھانڈان ژھانڈان پوٚس تہِ کھسہِ ہے امیک نیب نشانہٕ تہِ لبہن نہٕ"۔

"ژٕ چھک باوُر گومُت" زیمی تافن وۄنس خبر کیا زِ لوٚت لوٚتے کنس تل تہٕ پتھ کُن کھٔست بیٛوٹھ وونی سیٛو دپاٹھی۔راسکولنکافس آسہِ أچھی زوتان۔تس أس واہ وٕستھ گمٕژ بتھ اوُسس لیٚد ریومُت تہٕ ہیرُ یم وُٹھ اوُسن دندن تل روٚٹمُت زن أسس ٹٔنٛز ژامٕژ۔سہٕ نیمیو زیمی تافس کُن یہٕ تاہ ہیٛوکُن۔تہٕ لوٚگ کیٛا ہتام وننہِ مگر تسٛندی وُٹھ ہلے پوٚز آواز ندارد۔اکھ لفظ تہِ ہیٛوک نہٕ وٕنتھ۔اوڈ منٹا روٗز تس یہے حالت۔تس اوس پَے زِ تسٕنٛز یہِ حرکت چھےٚ نہٕ مُنأسب اماوٗنی کیٛس اوسنہٕ پانس پیٛٹھ قوبوٗ کٔرتھ ہیٛکان۔ خطرناک لفظ أسی تسٛند بن وُٹھن ترٛتھے گٔنی ٹلہٕ تراو کران یتھٕ گٔنی ٹاسرایہِ ستی درواز چ ہانکل الان أس۔باسان اوس وُنی پھُٹہِ یہِ تہٕ نیہٕ سِرٕ فاش کٔرتھ۔

"زیمی بوٚ ے زن آسہٕ تیمی تس بچہِ تہٕ لِنز واتایہِ ہُند خوٗن کوٚرمُت آسہِ۔ ......

پتہٕ" أخرس ژول تس ژٕ رنیرتھ تہٕ ستی گوس احساس زِ شوٚتھ کیاہ گوٚ وبٕتھ۔زیمی تافس گوٚو وحشت تہٕ رنگ گوس لٹھ ژادر ہیوٚ مگر سبٹھا کوٚشش کٔرتھ گمناوِن توتہٕ وُٹھ تہٕ راسکولنکافس کٔرن مُدا ے۔

"مگر تہٕ کتھ بنہٕ" زیمی تافن وۄنس موٗمٕژ آوازِ منز راسکولنکافن کٔرنس خشمہٕ ہیوٚ نظرہ۔

"اپُزمہِ وَن۔وَن یوٚز ژٕ یے چھےٚ ناگمانہ زِ یہِ خوٗن چھُ میٛے کوٚرمُت"۔

''نہ نہ...... رژھ نہٕ۔ پۆز وٕنہٕ موکلاویم ووٕنی چھُم نہٕ یتھ گُمانہٕ رژھ تہٕ''
زیمی تافن ووٕننس ؤلی ؤلی۔

''روٗٹمکھ ہے کولہٕ ژٕرِ بچہ۔ گۆ وبروٗنہہ اوسے شک''۔

''نہ نہ قطعاًنہٕ'' زیمی تافن دِژ یہٕ ڈٕلی زِتہٕ کرِکھ۔ ''گۆ وٕژ اوسکھ امی موٚکھہٕ
تأنتھ زٕٹھران؟''۔

''اچھا...... ژےٚ ماچھے میون بہان۔ وِن ساتیٚلہٕ کیاہ کتھٕ أسو تُہی تمہٕ دوٚہہ
تھانس منز میانہِ نیرنہٕ پتہٕ کران۔ بیٚیہ کیا زِ گری میانہٕ دبن گژھنہٕ پتہٕ تمی توٚہہ پھلِکی پأٹھی
وٕڈن وألی لیفٹینینٹن مےٚ جرح۔ وَن سا؟''

''ہے پأری'' تمی دِژ بہرس کرکھ تہٕ ٹۆپی تُجن تہٕ تھوٚ دوٕتھتھ پرژھنس ''کوٚتاہ ووت؟''

''بہرِ آو دوران تہٕ ووٕنس'' جناب کُل 30 کوپک''۔

''رژھ بیٚیہٕ گےیمٕ 20 کوپک وُڈ کا باپتھ۔ وُچھ سا کِتیاہ پونسہٕ چھِ مےٚ'' پونسہٕ
موٚٹھ اتھس منز رٹتھ ووٕن تمی زیمی تافس مگر اتھس أسس تھرِ تھر۔ ''یم نیل تہٕ ووزٕلی
نوٹ چھی برابر 20 کوپک تلہٕ ساونتہٕ مےٚ کتہٕ أنی یم۔ یا یہٕ میون نوٚ وپوشاک کتہٕ آو۔
یہٕ کیا اسمانہٕ ووتھا۔ ژیٚنے ہے پتاہ آسی مےٚ اوسنہٕ نیک پونسہٕ تہٕ چندس...... مےٚ چھُ
معلوٗم زِ توٚہہ چھوٕ اتھ متعلق میانہِ مکانہٕ مألکنہٕ تہٕ پرژھ گأر گوٚرمُت...... خأر جان
کوٚرو۔ ووٕنی کرِ اسہٕ سبٹھاہ کتھٕ أسی اجازت...... یوٚ تام بیٚیہٕ سمکھو''۔ أتھی ستی دژ او
رَاسکولنکاف نبر مگر سأرے پانس أسس الہٕ ؤتھرِ کی پأٹھی تھرِ زن اوس جنونی
گومُت۔ مگر توٚ پتہٕ تہٕ اوس وُنی کُبس شاد مگر تھوٚ کمُت تہٕ پھٹمُت باسان۔ بتھس
آسس گینہٕ ژامہٕ۔ تس أس سأری سکت سوریمٕژ۔ گنہٕ تہٕ صدمہٕ یا گنہِ رنگہٕ جذبن
وٕتش دِنہٕ وول کانہہ واقعہ اوس تس ہمتھ تہٕ توٚ ژھ پأدِ کران مگر تِتھے امہِ حالہٕ منز نیران
اوس تِتھے زن اوس چھکرِاونہٕ یوان بنٛد بنٛد اوسُس الگ باسان۔

زیمی تاف اوس واریاہس کالس کُنئے زوٗن اُتی بہتھ خیالن منز ہنہٕ آمت۔

رَاسکولنکافن کوٚر اہندِس دِلس سخ تغیر حالانکہٕ اوٚ تام اوس زیمی تافس ضروٗراٲمی سُند شک گنیومُت مگر "ایلیا چھُ بےوقوف کولہٕ ہیچہٕ کلہٕ" ووٚنی کوٚر رُن پانس سٟتی فاصلہٕ۔

رَاسکولنکافن اوس وُنہٕ کہی تام ریستورانٹک درواز منز رووُمت زِ سہٕ آوراز ومنہس سٟتی لتہٕ وچہٕ پیٹھے چھاونہٕ۔ یوٚ تام تِمن پانہٕ وٲنی دقہٕ لوٚگ توٚ تام اُسکھ نہٕ اَکھاَ اَکِس کُن نظرے پیاٲمژ۔ تہٕ اَکھاَ اَکِس مداٲے گنڈِتھ زن گےتِم کینژن ژِہن روٗ زِتھ۔

رَازومنہن پیو سہٕ وُچھِت زن اَسمانہٕ تہٕ اُچھی گیس نارِ ژاٲنگی ہشہٕ۔

"گوٚ وژ صَحب چھُہس یِیتہٕ" رَازومنہن ووٚنُس خشمہٕ سان زورٕ زورٕ "ژ آکھ پٔتِن بسترٕ تراٲوِتھ تہٕ مےٚ ژھور مکھ صوفس تَل۔ کوٚر پنجرس سوٚب چھےٚ گوڈٕ کمرٕ مے دوٚنژھ راٲوی ساٲری چیز بنان چھُ نیرکھ مانوٚن۔ مےٚ کڈٕ ساٲری کسرنستا سیس بچارِس تھوو مے مار دِنٕے اوت باقے۔ اُخرس وُچھتہٕ ژ کوٚت ووتمُت۔ ہےروڈیاژ کیاسہہ چھُک یہ کران۔ اُخرژے کیا گژھی۔ ژ ہسا چھُک کیاہ تام ژوٚرِتھاوان۔ تلساوَن مےٚ صاف صاف کیاہ دلیل چھے۔ ژےٚ ہانژ نووتھس یہ۔ چھُکھ سا بوزان؟"

"میانہٕ ژلنگ مقصد چھُ زِ بواوٚ نوٚس توہہ تنگ۔ امہِ کھوٚتہٕ چھُم مرُن بہتر۔ مے تراٲوی توٚ گنے زوٚن ...... تنہا ...... تہٕ بس"۔ رَاسکولنکافن دِتُنس اطمینانہٕ سان جواب۔

"تنہا؟ یِیہٕ تہٕ تِتھس موقعس پیٹھ یِیلہِ نہٕ ژ قدم تہٕ کڈِتھ ہبکان چھُک۔ بُتھ تہٕ چھے سفید شین ہیوٚتہٕ شاہ چھُکھنہٕ کھاٲلِتھ ہبکان۔ امی وِزِہ گژھکھ ژ گنے زوٚن آسُن بیوقوفہٕ ...... پیلِس دِی کرِسٹل کیاہ اوسکھ ژ کران"۔

"اِد ساتراومےٚ وَتھ بوٚ نیرٕ" رَاسکولنکافن ووٚنُس تہٕ لوٚگ نیرنہٕ رَازومنہس گونہٕ یہ برداشت۔ تہٕ تراٲوِن رَاسکولنکافس دوشوٚنی پھکبن چیرٕ تھف۔

"اچھا گوٚ وبوٚ دِمے ژےٚ گوٚ ہنہٕ۔ ژیےٚ چھُیہ باسان بوٚ دِمے ژیےٚ پزی

گوھنہٕ۔ بوز بو کرے نربن زنگن گنڈ تہٕ بو قچھ بنأوتھ واتناوتھ کمرس اندر تہٕ نبری کنٛز کُلف کرِتھ تھاوتھ بنٛد''۔

''بوز سا...... رَاز وٕمنہن'' رَاسکولنکاف لوٗگُس کُنہٕ شرارتہٕ ورأے آرٕ برِتہٕ آیہ وٕننہٕ...... ''ژٕیےٚ چھے نا فکرِ تران زِ مےٚ چھُنہٕ تٔہنٛزِ ہمدردی ہُنٛد حاجت۔ خبر تُہٕ کیازِ تِتھس نفرس ستۍ ہمدردی کران یُس۔ یُس نہٕ اَتھ ہمدردی لعنت تہٕ ژٕھنان چھُ۔ یُس یہ اُکھ ووٚلہٕ بور باسان چھُ۔ ژٕ کیازِ آکھ مےٚ نشہِ ییٚلہِ بو بیمار پیوس بلکہِ بو مرنٕے یژھان آسہٕ ہا۔ بیوٗ ٹھک میأنۍ تیمارداری کرنہٕ۔ ژٕھنتہٕ ووٚنۍ لعنت تتھ مگر ازووٚنموناےٚ توہہِ صاف لفظن منٛز زِ تٔہنٛدِ ستۍ چھُم تکلیف واتان...... مےٚ اوٚنٕو توہہِ جیرٕ۔ توہہِ چھُو شاید بیٚیس ایزادیُن خوش گژھان۔ بو چھُسے ووٗثوٗقہٕ سان وننان زِیہ کینٛژاتھ میانہِ بابتھ کران چھُو تمہِ ستۍ گژھہٕ بوٗ ٹھیک بلکہِ پہمہٕ وارے بیمار۔ تٔہنٛز جاےٚ ٹھر لاگنٛز چھے مےٚ ووٚبدٕرتٕلان تہٕ ژٕکھ کھالان یہ زٕن میانہِ خاطرٕ ٹھیک چھُنہٕ۔ ژٕیےٚ وٕچھِت نازوٗسی موف دژاو کمرٕ منٛزٕ! وے رنٛز زِمےٚ گوٚ ژٕھنہٕ شرارت کھُسُن۔ تلسا مہربأنی کرِتھ تراٗوی تومےٚ کُنے زوٗن۔ اگرے تُہٕ میون ژٕرکانچھان چھُوٕ۔

بیٚیہِ وٕنتم ژٕ کمہِ توصولہٕ چھُک مےٚ جبرن رُکاوان۔ ژٕیےٚ چھے نا باسان زِبو چھُس اوٚرٕدوٗرٕ۔ مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ بیمأری۔ ووٚنۍ رکتھ ژٕھ پٔتن سپنہٕ تہٕ ہاوے زِتٔہنٛزِ مہربأنیہِ چھُم وٕچھ ژتان۔ مےٚ چھُنہٕ امیک کانٛہہ حاجت۔ بنان چھُ بوآسہٕ احسان فراموش۔ کمینہٕ تہٕ کم ذات...... بو چھُسے خودایہ سُنٛد سوال دِوان۔ مےٚ تراوتہٕ ییٚلہِ۔ بو نیرٕ ہا۔ مےٚ دِتہٕ گژھنہٕ...... دِتہٕ مےٚ گژھنہٕ''۔

سہٕ اوس وُنتہِ واریاہ کینٛہہ وٕنن یژھان مگر زیوٗ دِیتنس نہٕ لفظن ہُنٛد ساتھ۔ برابر گیس سوٚے بأش۔ یوسہٕ لڑ ہنس تھی گیس تہٕ وُنۍ کبس ہیوٚتنس اوش پھٹُن۔

رَاز وٕمنہن گوٚ ورٕژھ مٕنجہ رٕہتھ تہٕ کیاہتام سونچاہ کرِتھ ترأونس تھپ ییٚلہِ۔

"میٲنی کِنی گرٛھتہٕ جہنمس"۔ رازِ دَمنہنن ووٗنُس مگر رَ اسکولِنکافن تِتھے نیرُن ہیٚوت پُتِر کِنی دِژنس اٲمی دنٛد ٹکان کرٛ ہکھ..... "ٹھُہر گوڈٕ بوز میٲنی کتھ تہِ۔ ژٕ چھکھ ژکہِ احمق تہٕ خردبماغ۔ ژیےٚ چھَے فقط کتھ کرنہِ تگان تہٕ ییٚلہِ کانٛہہ مصیبت چھے درپیش یوان تمہِ وِزِ چھک تِتھے پأٹھی ماے لاٗ گتھ بہان یتھٕ پأٹھی پرالہِ کوٚ کرٛٹھُلہٕ پھٔٹِس پیٹھ بہان چھِ۔ یمہٕ زِتچھٕ زتچھ کتھ ژٕ ونان چھک یہِ چھُے نہٕ ژیےٚ پننہِ دِمٲغُک دیُت بلکہِ لۆکہٕ ہٕنٛدی خیالات۔ ژٕ ہیٚکَکھ نہٕ گُلی یتن پٔنٕس بل بوتس پیٹھ زندٕ روٗزِتھ۔ چانہِن رگن اندر چھُنہٕ سہُ گرٛ بکہٕ وُن خوٗن۔ مےٚ چھُنہٕ توٚہہ ہِو بن لۆکن پیٹھ رژھ تہِ اعتبار حالاتن ہُنٛد مقابلہٕ چھِہٕ تُہی غار انسانٲنی طریقہٕ کران۔ نیرُن کوٚت ہیٚوتُتھ" رازِ دَمنہنس باسیوزِ رَ اسکولِنکافن ہیٚوت نیرُن "گوڈٕ بوز میٲنی گتھ وارٕ۔ ازٕ چھُ مےٚ نِوٗس مکانس پرأوِش۔ مےٚ چھُ باسان پُژھی آسن آٚمتی۔ مےٚ تھووگرِہ پیٹرٕ تہٕ پانہٕ دراس ژٕ ژھارنہِ۔ تِس ووٗنُم ٹھٔلی زبو گرٛھے پڑھین بُتھِ۔ اگرےٚ ژٕ کاڈیو روٗستٕے آٚسہکھ نہٕ..... بیوقوفہٕ ژٕ آسہٕ ہکھ ..... کیا ونے روڈیاٚژ اوسکھ مےٚ بڈٕ گاٹُل باسان مگر ژٕ چھک نرخر بلکہِ خُرِنی ..... کاڈیو روٗستٕے نے آسہٕ ہکھ سرٛکن پیٹھ کھوٚ ربانہٕ پھالونہٕ بدلہٕ آسہٕ ہکھ ژٕ وُنی کبس میون گرٕ ووتمُت۔ بو دِمے ژیےٚ بہنہٕ خاطرٕ اَکھ آرام کُرسی اٚنتھ ..... میانہِن یارن دوستن ہتی چکھٕ تِتی چایہِ پیالہٕ تہٕ پتہٕ اگرےٚ دِل وَنی کرکھ تِمن ہتی کتھا باتھاہ نَے تہٕ صوفس پیٹھ تراوَکھ تِتی ڈاف..... زوٗسی موف تہِ آسی تِتر۔ وَن یِکھٕ ژٕ؟"

"نہ......"

"کیا سہ وأہیات چھُکھ ژٕ" رازِ دَمنہن ووٗنُس کاڈبن نار کھٔسِت۔ "ژٕ چھکھٕ ونان نہ" ژٕ کتہِ چھکھ پننہِن جامن منز تہٕ پتاہ آسہِ ہی کمہٕ کتھٕ چھُکھ کران..... مےٚ چھِ کہیایہِ پھرِ واریاہن ہتی زبان درأزی گرمٕژ مگر پتہٕ میٹھوس بٔیہٕ تِمن ہتی۔ تہٕ اٚسی شیر شکر بنان..... ہنی درنہٕ کرنہٕ پتہٕ چھُ اِنسان شرمندہ گرٛھان تہٕ پانے چھُ پتہٕ منناوِنٕچ

کوٗشِش کران۔ مےٚ چھِہ وٕ میدژتہٕ کرکھ اِی اِوٕ کنٕ تھاومیون پتاہ یاد۔ پاشتِنٕ کا نزدیک پیٹرول پمپ منزل تہٕ......"

"راز وِ منہن خبر کُس کیاسہہ کڈی ژیٔنے پننہٕ امہِ ہمدردی کِنٕ ماردی دی ہڈٕ" رٲسکولنکافن وٕہنس کتھ ژٕٹتھ۔

"مار...... کُس ...... مےٚ ہا۔ بوٲنہٕ تس نفرس یُتھ خیال وٕتھوُ نےنس ژٕٹتھ۔ تھاوِژ ایڈرس یاد۔ پاشتِنٕ کا منزِل۔ بابُشکِنٕ فلیٹ نمبر 47"۔

"ژٕ کتھ چھک مغز مأری کران بویےٚ نہٕ ہرِگز تہٕ"۔ اُتھی ستی ہیوت رٲسکولنکافن پتھ کُن پھیرِتھ نیرُن۔

"شرط ماکرکھ ژٕ یکھ...... تہٕ بنان چھُ اگرزن آکھ نہٕ مےٚ ستی ژھینٕ گُٹ" رازوِمنہن وٕنُس۔

"اچھاتہٕ ......زیمی تاف چھا اندرٕ"۔

"آ"

"ژیٔنے وُچھتھنہٕ"

"آ آ"۔

"کتھ کُرتھ تُس ستی"

"کرِ ہانا"

"کتھ متعلق" یتِس کالس اوس رٲسکولنکاف دوٗ ریوُمت تہٕ رازوِمنہن وٕنُس توتہٕ کرٕکھ لأیتھ...... "اِدساتہٕ مہ وَن مگر پاشتِنٕ کا منزِل۔ ترٛیُم پوٗہر بابشکِنٕ فلیٹ نمبر 47 تھاوٕی زِیادٕ"۔

رٲسکولنکاف پھیوٗر برونٛہہ پٔکتھ سادوی بازرس کُن۔ رازوِمنہن اوس وُنہِ تس پٔت ژھاین وُچھان تہٕ فِکرمندپأٹھی اتھٕ ہِلنأوِتھ ژاوریستورانس اندرامازنتہٕ ہیر

پیٹھے رٔہتھ گوٚو۔

''تعجب چھُ'' سہٕ اوس پأنی پانس سٟتی مگر زورٕ زورٕ ونان...... ''یہِ تاون زَد چھُ دمباغدار کتھِ کران ...... یہِ چھُنہٕ ڈولمُت باسان ...... بوتہِ چھُس اول درجہِ بیوقوف......زنتہٕ پاگل انسان ارہ کتھِ کرأنی چھُنہٕ۔ زۄسی موفس اوس رَاسکولنکافن علاج کرنہٕ تلہٕ شاید امیُک تہِ شک گنیومُت۔ رَازوٕمنہن دِژ ڈبکس ژٔنڈ......''ہاے بنان چھُ......مےٚ کیاز دیُت أمِس کُنسی ژٔنِس نیرنہٕ۔ یہِ گوژھنہٕ کُنہِ جایہِ ژٔرکی یاوس ووٚتھ لایُن ...... بارٕ غلطی گَرمےٚ۔ وۄنی گوژھ أتھی یُن''۔ تہِ اِی ونان ونان درٕاو رَاسکولنکافس پتے مگر تسُند لوٚبُن نہٕ نیب نشانہٕ تہِ کُنہِ۔ تہندِ ناوٕ وأہی تباہی وٕنتھ پھیوٚر بییہِ پالیس دِی کرسٹل کُن زیمی تافس نِشہِ ژٔرکی یافت کرنہِ ژتس کیاہ سنا اوس ونان۔

رَاسکولنکاف ووت سیٚو ڈُے ایکس کڈٔلس پٹھ تہِ سیےٚ منز کڈٔلس وأتتھ لمہِ کِس جنگلس کھۄنوٕٹ دِتھ سنیودۄ رخبر گتھ۔ رَازوٕمنہنس نِشہِ نیرنہٕ پتہٕ اوٚ تام واتان واتان باسیوتس پان سبٹھا کمزور۔ یُتھ زِ بمشکل ووت اَتھ جایہِ۔ سہٕ اوس کُنہِ جایہِ بہن یاڈاف تراوِنی یژھان۔ تٔمی ترأوبوٚن آبس کُن نظر یہِ تہِ لوسہٕ وِنہٕ اختاٸچین أخری زِژن ہُنڈ وجۄ دراوان اوس۔ مکانہٕ لأنہٕ آسہٕ اَنہِ گٔٹس منز آورنہٕ یوان۔ تہِ ژٔرکی یاوٕ کھورِہ بھِکہِ اکہِ مکانچہِ بند دارِ ہٕنٛدِس شیشس آسہٕ وَسہٕ وِنہِ اَفتابچہِ پرہِ پیوان تہِ باسان اوس زنتہٕ مکانس اندر نارٕ لمبکھ ووتھان أسی۔ ژٔرکی یاوٕک آب اوس رژھِ پتہٕ رژھِ گٹیل گوھان۔ آبکی بدلونی رنگن نیوٚ تسُند توجہ مُتھ۔ سہٕ رۄد أتھی کُن مُدأے گنڈِتھ وُچھان یوٚ تام زِ تہنزن أچھن تل ووزِلی دأیرٕ ہوی نژنی ہیٚتنی۔ تہِ مکانہٕ تہِ وتہِ پکن وألی کیوگاڑِ باسے یہِ تس نژان ۔ دفعتاً ہیٚوت تٔمی قدم دیُن کیاز زِ یتھ گٔی بچوٚون یتھ خوفناک تہٕ وحشت ناک منظر وُچھت پان غش گژھنہٕ کہِ خطرٕ نِشہِ۔ سہٕ زن گوٚو ونبدرِ بٔدار ییلہِ تٔمی اکھ زنانہٕ پانس ژٔھنہٕ طرفہٕ کلس رومال گنڈتھ اِستادٕ وُچھ سوأس بتھِ مۄنیمۄ

تہٕ اُچھی آسس ژار بن منز وژھمٕژ۔ سو اُس سیٚد سیٚو درٚ اسکولنکا فس وُچھان اما پوٚ زتمہٕ نہ ہیٚوک کینہہ وُچھتھے تہٕ نہ پرزناوِتھ ہے۔ تمہِ تاٚر گوڈٕ چھٕنی زنگ تہٕ پتہٕ کھوٚو رزنگ جنگلہٕ اپور تہٕ لاٚٹنی دریاوس ووٚتھ۔ گنڈ آبن ہیٚرٕ سو کوٚچھ تہٕ کینژن ژٕہین مُتی کٔرتھ کھاٚتی پٔنس سپنس پیٹھ تہٕ وارٕ وارٕ ہیٚرٕ ن ڈُلناوِنی۔ تسُند بُتھ تہٕ زنگہٕ آسہٕ آبس تل مگر فراق اوسُس پُشتس تل جمع گژھِت پھو کہٕ بالہِ ہنٛدی پاٚٹھی آبہٕ پیٹھی کِنی بوزنہٕ یوان۔

''اکھ زنانہٕ چھِ پیران ...... دٔریاوس چھِ اکھ زنانہٕ پیران'' درجن واد آوازن ہُنٛد شور ووتھ۔ ژوٚپاسے اٚے لوٚکھ ژٕ ستھ۔ دوشوٚنی دریاوِ بٔٹھن پیٹھ گیہ تماشہٕ بین جماہ۔ کٔڈلس پیٹھ گٔے رٚاسکولنکا فس اٚندی پٔکی لوٚکھ جمع تہٕ سہٕ آو یہٕ ڈٔلی زِتہِ ژٕیلنہٕ۔

''ہا کانژھا کٔرتو رحم ...... یہٕ چھِ سانٛی افروسنیا'' اکہِ زنانہِ وون وَدِ نہِ آوازِ منز یوسہٕ اُتی نکھے اُس۔ ''تلا کانژھا کٔریوٚ ہمتھ یہٕ بچاٚوِتون ...... یہٕ کھاٚلی تون آبہٕ منز ہیٚور''۔

''ناوا کھ گژھ ہ۔ آ ...... آ ...... ناو گژھِ آسنٕی'' واریاہو نفرو وون بیک راے سپدِتھ۔ مگر ناو چھےٚ نہٕ بکار۔ اکھ پُلسہٕ وول ووتھ دٔریاوِ بٔٹھکی یارٕ بل کیو ہیرِ پایُو بوٚن تہٕ بوٹ تہٕ ناٚلی ہُنٛد بوٚ ڈکوٹ اٚ رِکتھ کُن دِاٚرِتھ دِتھ ووتھ دٔریاوس منز۔

تس زنانہِ تام واتُن اوس سہلے کیا زِ سو اُس ہیرِ پاو یوِ نشہِ گژھ تام گژے دوٚ ریمژ اُمی دِژٕ دٔ چھنہِ اتھِ تس پلون تھپ تہٕ کھورِ اتھِ ستی کٔرن تتھ باٚنسوِ س ڈنڈس تھپ یُس دو یمی پُلسہٕ جوانن تس کُن پلنو و۔ تہٕ اٚنی سو زنانہ دبو دب کھاٚلتھ تہٕ تراٚوِن پٹرِ پیٹھ دُبہٕ تھر۔ کینہہ منٹ گژھِتھ آو تس ہوش تہٕ کلہٕ تھوٚ دتُلتھ دِژٕن اورِ یورِ نظر ستی وٕ ژھ تھوٚ دتہٕ پیٹھ آبہٕ سان۔ تس ہیٚرٕ ن ژاس تنٕی تہٕ پوٚند پیٚنہِ۔ کینہہ وننہٕ کرنہٕ وراٚے لٔج پاگلن ہنٛدی پاٚٹھی پلو چیرنہِ۔

''أمِس چھِ زیادٕ چینہٕ سببہٕ مغزٕ ڈٕکٕتی''۔ تمی زنانہِ ووٚن یوسہٕ أہنٛدِ بچاونہٕ باپتھ سوال دِوان أس۔ یوٚژھنیون تیتھے پأٹھی پان ترٛودِ۔ کٔہ تام موکلاو تمہِ وِزِ۔ بودرالیس شامتن وُنی وانس پیٹھ تہٕ گرِتھاوَمِس پٔنٛنی لوٚکٹ کوٗر رأچھ...... اِدٕ امہِ نیٚوٗ یپأر پھندس منٛز بیاکھ فِیال گرِتھ۔ ژکہِ چھےٚ اَسہِ یہِ ہمسأے بارے۔ اَسہِ نکھے دوٚیمِس مکانس منٛز روزان توٚ گوٚ بوزُن اِدٕ کیاہ......''۔

لوٗکھ زن پھٔٹ اَتنتھ ہیڈٕ رن ہَنٛدی پأٹھی پُلسہٕ وأٔلی روٗدی برابرتس زنانہِ گیرٕ گرِتھ۔ پکیوٚ ساتھانس پیٹھ نموٚن'' کُمی تام ووٚن...... یَ اسکوٗلن کاف اوس لاتعلق تہٕ بےٚ حِسی منٛز سوٗرے تماشہِ وُچھان...... تس گیہِ کیاہ تام کُھرٕ ہش یِمن ہٕنٛز......'' نہ نہ...... تہِ چھنہٕ ٹھیک...... آب...... آہکی پأٹھی گندٕ تہٕ گٹیٚل'' تمی ووٚن پانس سٕتی۔ ''امہِ منٛز نیرِ نہٕ کینٛہہ''۔ تمی ووٚن مزید۔ ''امیک چھُنہٕ کانٛہہ فأیدٕ۔ پُلیس تھانہٕ...... مگر زیمی تاف کیازِ چھنہٕ وُنی کیٚبس تھانس منٛز۔ تھانہٕ ہےَ دٕہن بجن تام یلے آسان چھُ......''۔ تمی دیُت جنگلس سٕتی ڈوٚکھ تہٕ لوٚگ أنٛدی پکی وُچھنہِ۔

''بہتر گوٚ تیٚلہِ پکنٕے'' اِی ونان ونان دژ اوسہٕ کُدلہٕ پیٹھ سیٚو دُے تھانس کُن۔ تسنٛدس دِلس منٛز اوسنہٕ کُنہِ قسمُک کانٛہہ جذبہٕ یا احساس۔ سہٕ اوسنہٕ کینٛہہ سوچُن تہِ یژھان۔ وُنی کیٚبس نہ اوس تس کانٛہہ غم تہٕ نہ اوس تس انٛدر تمہِ قووتُک کانٛہہ نیب نشانہٕ ییٚمہِ کنٛز سہٕ تمہِ سارِ گےٚ انٛد بوٚ ردِنہٕ خأطرٕ گرِ درایو۔ سہٕ اوس مکمل پأٹھی بےٚ حِسی ہِنٛدِس عالمس منٛز ہنہٕ آمُت۔

''آ...... آ...... یہے چھِ وَتھ امہِ نِشہِ نجات لبنٕچ'' ڈٕریاوٕ بُٹھی غفلژٕ ہِنٛدِس عالمس منٛز لوٚت لوٚت ڈوٚنگر ڈوٚنگر دِوان آوتس سوٚنچ۔ ''بہر صوٗرت بوٚ موکلاوٕ أزی یہِ سوٗرے نیاے...... امہِ ورأے چھُنہٕ کہنی چارٕ...... مگر یہے اَکھ وَتھ چھا...... فرق تہِ کیاہ پیٚیہِ۔ کُنہِ جایہِ وُچھو جایہِ گز کھٔنٛڈ۔ ہنہہ...... امہِ سٕتی موکلیا پزی یہِ نیاے۔ أتی

گرٕھیا گٔژھ ختم۔ تِمن وناتیٚلہِ کِنہ نہ......او......اونہہ......بوتھۆ گُس سَخ۔ بوتھاوٕ ہا ئنہٕ جاے قدم پتھرنتہٕ تراوٕ ہاڈاف۔ خجالتھ چھُنے یہِ زِیہِ کأمے چھِ بیوقوفن ہنٛز۔ تہٕ مے چھُنہٕ توتہِ کانٛہہ پرواہ گرٔھان۔ کۄتاہ نادان چھُ اِنسان بنان تہٕ کم خیالات چھِ ووتھان''۔

تھانس تام واتنہٕ باپتھ اوس تس نستہٕ سیٚوٗ ڈُے پٔکتھ کھوٗرُ کُن پھیرُن۔ اوتام اوس کرٕتام قدم پکُن مگر سہٕ رُکیوتہٕ مِنٹا سوچ کرنہٕ پتہٕ پھیوٗ رأتی دوہیمس کوچس کُن تہٕ پتھٕ پأٹھی دۄرِیوتھانچہِ وتہِ نِشہِ ژکوچہٕ۔ اَپأرِ دژ اوسہٕ کُنہٕ مقصدٕ ورأے نتہٕ اوسٕس وارٕ سوچ کرنہٕ باپتھ وَکھ گُساوُن یژھان۔ سہٕ رۆد نظرٕ بون کُن تھأوِتھ پکان تہٕ ناگاہ زنتہٕ کُم تام کیاہ تام کنس تل ووہنس۔ تِم ٹُل کلہٕ تھۆدتہٕ وُچھان چھُ سہٕ اوس تمہِ مکانچہِ برنہِ تل ووڈنہِ۔ سہٕ اوس نہٕ اور گرٕھنہٕ باپتھ دژامُت تہٕ نہ اوس تمہِ شامہٕ پتٕ اَپأرِ گومُت۔ کُس تام نہ ویٚترُن لایکھ تہٕ غأرجواز خیال اوس تس اور کُن لمان۔

برنہٕ اند رأژِتھ ژاوسہٕ مکانس منٛز تہٕ کھۆت ژٕچھنہِ طرفچہٕ کۆنچہِ ہیرِ۔ تہٕ پتو لاکن باتٕے ہیرن ییمِ تس وبزآسہٕ۔ بٔژمہِ تنگ تہٕ زٕکنہِ دار ہیرِ پٔٹھ اوس انہٕ گوٚٹ۔ پرٕتھ پوہرِکس وٕٹس منٛز اوس سہٕ رژھا ٹھہران تہٕ کیاہتام سٕنی پأٹھی ژرژان تہٕ ہیٚور کھسان۔ اما بٔمہِ وٹیک روشن دان اوسکھ کڈِتھ نیٚومُت تمہِ دوہہ اوسکھ نہٕ یہِ کۆڈمُت، تِمی کۆرسوچ۔ ہہٕ گۆووڈٕیمہِ پوہرُک فلیٹ یتھ منٛز دِمتری تہٕ نِکولائی کأم کران أسی۔ امیک درواژٕ چھُ بنٛد تہٕ اَتھ دروازس چھُک نۆوُے رنگ کۆرمُت۔ امہِ پتہٕ کھۆت ترٕیمس تہٕ پتہٕ ژۄرِمس پوہرِس پٔٹھ۔ ''آ......آ......تیٚلہِ چھُ مے یپأرِ گھُسُن۔ ہأنٛہہ سہٕ گۆورٕہتھ ییٚلہِ تِمی کمرُک درواژٕ ییلے وُچھ۔ اتہِ أسی کم تام مرد کٔتھ کران۔ تس أس نہٕ اِمیچ ووٚمیدٕ ے۔ رژھا کھور ٹھیکراونہٕ پتہٕ کھۆت سہٕ باتٕے ہیرِ پاوبن تہٕ ژاوسیٚوٗ ڈُے فلیٹس اندر۔ اتہِ تہٕ اوس دراصل مرمت سپدان تہٕ موٚزوٗرأسی لتہِ کأم کران۔ سہٕ گۆو یہِ وُچھِت ہأران۔ تس اوس خیال ژِ کمرس اند رآسہٕ پرٕتھ کانٛہہ

چیز تمی انمانہٕ یتھ پأٹھۍ تمہِ ساتہٕ اتہِ نیرنہٕ وِزِ أسۍ۔ حد چھُ زِ سہٕ اوس سونچان تمہٕ لاشہِ تہٕ آسن تمی انمانہٕ پتھرٕ ے۔ تہٕ ننے لبہٕ تہٕ نۆنۍ تہٕ چھۆنۍ کمرٕ وُچھِتھ زن پیٚوسہٕ اسمانہٕ۔ سہٕ پۆک دارِ کُن تہٕ بیٚوٹھ أتھۍ پٹھ۔ اتہِ أسۍ زٕ کأرۍ گرد وشوے جوان مگر أکھ زیُٹھ تہٕ بیاکھ کوٚنس۔ تمہ أسۍ لبن نۆو سفید کاغذ مران یتھ کاغذس نرگس پوشچ چھِٹ کڈِتھ أس۔ امہِ برونٛہہ آسہٕ کمرٕ چہِ لبہٕ مٲلرٕ تہٕ یمن اوس لیٚو دُر کاغذ مِرتھ۔ رَاسکولنکاف گۆو حقیقتاً کمرٕ چ یہٕ نٔو سجاوٹ وُچھِت اوزرِدٕ۔ تس گۆو نہٕ یہِ نۆو کاغذ خوش۔ بلکہِ ونو یتھٕ پأٹھۍ زِ سہٕ اوس کمرُک حُلیہِ بدلاونس پٹھ گُلۍ موران۔ کأرۍ گر أسۍ اتہِ ہُریمانہٕ وقس کامہِ پیٹھۍ متۍ تہٕ ووٚنۍ أسۍ جلد جلد کاغذ وٹان تہٕ گرٕ نیرنٕچ تیأری کران۔ تموٚ ژیوٚن تِنہٕ رَاسکولنکافن اوراٹُن۔ کیازِ تمہ أسۍ کتھ کرنس منٛزٕ مَس تہٕ مدہوش۔ رَاسکولنکاف بیٚوٹھ نرِ وٕٹتھ تِہنٛزٕ کتھٕ بوزنہِ۔

''ذٔلیل بنے یہِ سوآیہِ صُبحأے مےٚ نشہِ'' زِٹھۍ ہوٚی ووٚنٕ کنِسِ۔ ''ژٕ بوزِ ویٚہہ گٹی۔ مگر پان پرِتھ'' 'از کہے چھےٚ ژیےٚ پان ترٛٹھ ہیٚو سجوومُت' مےٚ پرژھمس''۔ درجواب وونُمِ۔ ''چون دِل رٔنٛز ناونہٕ باپتھ چھبس بوخبر کیاہ کرنہٕ مۆکھ تیار۔ اِدٕ کیاہ وَتھا کتھا چھِ پکان۔ مگر پان کِتھٕ اوس تمہِ سجوومُت آ ہا...... مےٚ چھےٚ وُنہِ أچھن تل۔ ژٕ مان زن أس فأشن بُک!''۔

''فأشن بُک کیاہ گۆو؟'' کنسی پرژھنس۔ سہٕ اوس زِٹھس پرٛتھ معاملس منٛز ووستاد زانان۔

''فأشن بُک گیہِ واریاہ مگر رنگدار شکلہِ واجینٛز کتاب یمہٕ چھےٚ ہرٛون پرٛتھ بٔوارِ واتان۔ تمن چھےٚ یمہٕ نیبرٕ پٹھ واتان یتھ زن لۆکن ہاوَن پلو کمہِ آیہِ گرٛھن لاگٕنۍ۔ خوبصورت مردن ہنٛزٕ شکلہٕ تہِ چھےٚ آسان تہٕ سوٚندرزنن ہنٛزٕ تہِ۔ مرد چھِ بجأرۍ شریف پأٹھۍ فرکوٹ لاگان تہٕ زنانہٕ...... تمہٕ چھےٚ زن پرٕیہِ آسان۔ ووٚنۍ پرٛژھکھ ژٕ پرٕیہِ کمن

چھِ ونان۔ گوٚبر تمن ہُند ہیکٕکھ نہٕ ژٕ وُنہِ انداز تہٕ لگاوِتھ''۔

''پیٹرس برگس اندر کیاہ چھُنہٕ یاف'' کٕنسی وٕنُس جذباتی گژھتھ ''مول تہٕ موجی یوت اوت بٕنہِ باقی بنہِ پڑتھ کانہہ چیز!''

''پز رووُتھ۔ باقی بنہِ پڑتھ کانہہ چیز۔ میانہِ گوٚبر'' ژھی ووستادن کوراتھ کتھِ ستی اتفاق۔

رَاسکولنکاف ووتھ تھوٚد تہٕ ترٚپیس کمرس یتہٕ بوٚڈ صندوق بستر تہٕ دراز دار الماری اَس۔ فرنیچر ورأے باسیوٚ یہِ کمرٕ تس سبٹھاشُر کیومُت۔ اَتھ اوس لبن پروِنے کاغذ۔ اَکِس کوٚنس ہنا صاف کاغذ مرُتھ آسنہٕ تلہٕ اوس ننان زِ اتھ آسہِ ہے موٗرت آسان۔ اَتھ کوٚنس رژھامُد ے گنٛڈِتھ دژ اوسہٕ دارِکُن۔ ژھس کاری گرس پٔیہِ تس کُن نظر تہٕ لوٚگُس پرژھنہِ۔

''ہے ژٕ ے کیاسہہ گژھی''

جواب دِنہٕ بجاے پوٚک رَاسکولنکاف وٕرٹس کُن تہٕ تھووُن گھنٹی ہندِس بوٹنس پٹھ اتھ۔ لتِہ دژ ایہِ سوے ٹھر ٹھر کرٕنی آواز۔ تمی کُر دوٚیمہِ تہٕ ترٛیمہِ پھرِ بیٛل۔ سہٕ اوس امیک (گنٹی ہُند) صدادیان دِتھ بوزان ...... یگ لخت پٔیس پٔتم وِزیاد۔ یتھٕ پاٹھی تمہِ دوٚہ شامنس تس خوف تہٕ وحشت دامن گیر اوس۔ تژھی حالت گٔیہِ تَس وُنی کبس تہٕ گنٹی ہُند ٹُھنٛی ٹُھنٛی اوس تس تھر تھرٕ ٹلان مگر تو پتہٕ تہِ اوس نہ سہٕ بٹنہٕ پٹھٕ اتھ ٹلان کیازِ امچہِ آوازِ ستی اوس تس روٗحانی تسکین ہیوٗ گژھان۔

''ہے گژھی کیاسہہ ژٕ ے۔ کُس ساچھُک ژٕ'' کاری گرن پرٛژھ ہنس منگہٕ تژ کراُ وِتھ۔ کاری گر تہٕ دژ اووٕرٹس منز امارَ اسکولنکاف ژاوٚیہِ واپس کمرس اندر۔

''مے چھُ کرایہِ پٹھ اَکھ فلیٹ رٹُن''۔ رَاسکولنکاف ووٚتھس ......''تو ے کنٛہ چھس یتھ نظر دِوان''۔

''مگر یہِ گُس وَ کھ چھُ وُنی کبس کمرِ وُچھنگ۔ بیٚیہِ تگرِتھ پزٕ ہی ژے چوٗ کی در ستی آئن۔

''یہِ فرش چھُکھ چھوٚلُمت۔ رنگ تہٕ ما چھُس کرُن؟'' رَاسکولِنکافن تھاوُ گتھ جاری۔ ووٕنی ما چھُس خوٗن لور؟''

''ک...... کیاہ خوٗن؟''

''ژے چھُے ناپتاہ'' بڈٕ تہٕ تسنٛز بیٚنہٕ آیہِ ییٚتی قتل کرنہٕ۔ تہٕ ییٚتہٕ اوس برابر خوٗنہٕ تلاوٗ۔

''مگر ژٕ گُس چھُک۔ ونان کونہٕ ژٕ'' کارٕ گرن پرژھنس بےٚ قرار گژھِت۔

''یا بوٗ گُس چھُس؟''

''آ آ''

''گوٚو ژٕ چھُک زانُن یژھان۔ پکھ ووٚلہٕ مےٚ ستی تھانس پیٹھ تتی وَنے''۔

ووٚستہٕ کارن ترٲوِس حٲرٲنی سان نظراتہٕ ووتھ پٕنٛنس ستی بٲجس کُن ''اوہ...... ازگوٚو سبٹھا ژیر۔ پکھ ساالیوشِکا ووٕنی نیر وتھاویٚتہٕ کُلف''۔

''ٹھیک چھُ ...... پکیٚو'' رَاسکولِنکافن ووٚنکھ بےٚ پرواہ پاٹھۍ تہٕ سارٕوے برونٛٹھ کمرٕ نبر ووٚتھ ژٕ نتھ لوٗگ ہیرِ وسنہٕ تہٕ ژٕ ٹی دروازس پیٹھ وٲتتھ لوٗین چوٗکی درس ناد۔

''چوٗکی دَار ...... ہے چوٗکی دَار''

نیٚبرٕ مہِ ڈیڈ پیٹھ اُسی واریاہ نفر وتہٕ پکہٕ وِنبن تماشہٕ وُچھان۔ چوٗکی دَرژٕ۔ اَکھ گرٛیسی باے۔ زیٛوٚٹھ کوٹ لاگِتھ بیا کھ نفر تہٕ بیٚیہِ کیٚنٛہہ نفر۔ رَاسکولِنکاف گوٚو سیٚو دُے یمنٛے نِشہِ۔

''کیاہ سَہ گژھی ژےٚ'' اَکی چوٗکی دَرن پرژھنس۔

''تھانس پیٹھ ما گوٚو یوکھ؟''

''تورے چھُس پکان۔ اوٚ ژے کیا؟''

''خبر وُنہِ آسنہٕ تُے؟''

''کیازِ آسن نہٕ؟''

''اسسٹنٹ تہِ چھا تُے؟''

''کینژس کالس آیو مگر ژیے کیا کری؟''

رَاسکولنکافن ووہنس نہٕ اَتھ در جواب کھنژ۔ پوٗز خیالن ہنٛزِ گتہِ منٛز ہیٚنہٕ یتھ روٗ دأتی اِستادٕ۔

''یہِ ہسا اوس فلیٹ وُچھنہِ آمُت''...... کنسی ہوی کأری گرن ووہنس برونٹھ کُن وأتِتھ۔

''کُس فلیٹ؟''

''یٚیتہِ أسی کأم کران چھِ'' دپان اتہِ کیازِ چھوٗلہٕ خوٗن۔ ونان چھُ اَتہِ چھُ قتل سپد مُت۔ تہٕ بیٚیہٕ ونان بورٹن یہِ کمرٕ کرایہِ پٮ۪ٹھ۔ تہٕ پتہٕ لوٗگ گأنٹی تِتھ پأٹھی وانہِ مےٚ زِ پھُٹر اُون۔ بیٚیہٕ ووُن مےٚ ستی پکیوٗ تھانس پٮ۪ٹھ۔ خبر۔ دپان بو ونوٕ تُے سورُے کینٛہہ۔ یہِ اوس نہٕ اَسہِ تراوأنی۔ زورٕ موٗ کلو وپان''۔

''چوٗکی درن ترأو رَاسکولنکافس شرارتہٕ ہٕشتہٕ حأرتہٕ برٕژنظرا'' ہے کُس سا چھُکھ ژٕ'' چوٗکدرن پرژھنس ژکھِ تہٕ روبہٕ سان۔

''بو چھُس روڈیٚن راما نووِچ رَاسکولنکاف۔ بو اوسُس پران۔ روزان چھُس شِل ہٕنڈِس گرس اندر ریٚیتہِ پٮ۪ٹھ چھُ کمی دوٗر۔ کمرٕ نمبر چھُم ژوٗداہ۔ دربانس پرژھی تو سہُ زانہِ مےٚ'' رَاسکولنکافن ووَن یہِ سورُے غأر ارأدی طور زنتہٕ خوابس منٛز کتھ کران اوس۔ کتھ کرنہٕ وِزِ پھیوٗرنہٕ یمن کُن بلکہِ اوس دوٗ رسٹرکہِ کُن سٔنی پأٹھی وُچھان یَتھ انہِ گٹہٕ رژھِ پتہٕ رژھِ نال ولان أس۔

''فلیٹس اندر کیاہ کرنہِ ژاکھ؟''

''صرف وُچھنہٕ''

''تتہِ کیا اوس وُچھن لایکھ؟''

''تلہ سانیوٗن سیٚوٗ دُے تھانس'' زِ ہوٚٹھ کوٹھ وٲلی نفرن وۄن پھیکین درسہٕ دِتھ۔ رَاسکولنکافن ترٲوتس سٔنی پٲٹھی نظراتہٕ گوڈنکی پٲٹھی وۄہتنکھ لوٚت تہٕ سُست آوازِ منز۔ ''آ......آ......پکیوٕ مےٚ ستی''۔

''پکیوٕ سا پکنایوٗن'' تمی نفرن وۄہتنکھ اعتمادٕ سان ''آخر یہِ کیازِ اوس تھانس گوڈُن یژھان۔ ضرور چھےٚ کینہہ نتہٕ کینہہ شینکنتھ''۔

''وَلیسے شراب چھُن نہٕ چیومُت مگر خوداز لنہِ کیاہ دلیل چھس گاٗمُژ'' کاری گرن وۄہتنکھ۔

''ہے ژٕ کونہٕ ساونہان کیا گژھی'' چۄکی درن پرژھنس کاڈبن کھٔسِت۔ ژٕ ہے۔ ولنہٕ آکھ تہٕ کیازِ؟''

''تہٕ کیازِ چھ تھانس منز یِنہٕ نشہِ لوٚب ہیوان'' رَاسکولنکافن دِژنکھ زُرکی۔

''أسی کیا کھوژٕو؟ کولہٕ زن لوٚ گکھ بلایہٕ پیٚتی''۔

''بڈ بدمعاش چھُ یہٕ'' گریسی بایہِ دِژ پنٕز رائے۔

''ہیو کتھ چھو أمس ستی مجادلہٕ لاگتھ پنُن وَکھ برباد کران''۔ بیٚہ چۄکدرن وۄہتنکھ یُس تھزٕ رِتہٕ باڈوکنی دوٚری گامک باسان اوس۔ نالی اوسُس کھلہٕ ڈلہٕ کوٹھ تہٕ گنزٕ تروٗنگ اوسُن کمر بندس ستی گنڈتھ تھومُت۔

''گژھو ہتوفنا تبتھ۔ ہُمہِ ہوو ونوو زِ یہِ گژھِ بدمعاش آسُن''

ہیوژ لکھ ناژ۔ تہٕ أتھی ستی ترٲوِن رَاسکولنکافس پھیکِس تھف تہٕ اَکی دقہٕ واتنوٗن سڑکہِ پیٹھ۔ رَاسکولنکاف آیو تتھی کنی لاینہٕ پوٗز ہمبتھ گرِتھ ٹھیکرٲوِنی بیٚیہ قدم۔ کینہہ وننہٕ کرنہٕ ورأے تماشہٕ وُچھن والین کُن یوٚت نظر ترٲوِتھ لوٗگ برونٹھ کُن

پکنہٕ۔ ''عجیب انسانا چھُ یہ'' کأرِ گرن ووٚن۔

''کم کم لُکھ چھِ اَز نظرِ گژھان'' گامہٕ بایہٕ ووٚتنکھ۔

''یہ ہسا اوس سیٚو دُے تھانس پیٹھ واتناوُن'' زیوٚٹھ کوٹھ لأگِتھ نفرن دیُت پثنہٕ کتھِ پھیر۔

''بہتر گوٚو اَمِس نشہٕ لوٚب ہیٚونُے'' بڈ باڈِ کی چوٚکی درن دیُت پنُن فأصلہٕ۔

''یہ چھُ بد معاش خمیرِ ہندُے باسان۔ سوچنن گژھنہٕ یہ کیا اوس یژھان۔ اَمی سُند مطبل کیاہ اوس۔ اگرے اَسہٕ یہ اکہِ لٹہِ نیوٚ پتہٕ تُلہِ نہٕ یہ تھف ...... یہِ ہورِ ہے خبر کیأ رِ آنچھ۔ اَسی ہے زانوِ یہندی مؤل تام''۔

''گژھا بوتور کِنہ نہ؟'' رَاسکولنکاف لوٚگ ژوٚتس پیٹھ سیٚدٚ منز وتہٕ وودنہٕ روٗزِتھ سونچنہٕ۔ پانس اَندی پکی تراوِن تتھِ پأٹھی نظر زنتہٕ کانسہٕ نشہٕ فأصلہٕ کُن کتھِ جواب بوزُن اوسُس ۔مگر کُنہِ طرفہٕ میوٚلُس نہٕ کانہہ جواب۔ پرٚتھ اندٕ اوس ژھوٚپہ نال وولمُت ۔سڑکہِ ہنٚزن تمن پأتربن ہندی پأٹھی یمو پیٹھی سہٕ پکان اوس اوسنہٕ کانہہ تہٕ ستھ یا صدا کران...... تہندی کِنی اوس سورُے عالم تہندِ باپتھ موٗدمُت ...... تہٕ سہٕ اوس تنِ تنہا وأنا کھ صحراو منزی قدم قدم دِوان...... اَتھی انٛدر گوٚو اَمِس سڑکہِ ہٕنٛدِس گلِس پیٹھ الہ پلہٕ گوٚہتھ جوراد ؤ رشامرٕن گنہٕ باوجوٗ دلگہٕ ارساتھا نظرِ تہٕ یتھکہٕ کربکہٕ نادتہٕ شوٗر شرٕستی رَاسکولنکافس کُن کھڑاگے۔ اَتھ لوٚکہٕ جم گٹھس منزِ باگ اَس اَکھ بھگی ...... تہٕ سیٚدٚ منز سڑکہِ ہیٚژن گاشہِ لے زوٚتنی۔ ''امایہِ کیاہ دلیل چھےٚ؟'' رَاسکولنکاف پھیوٚر اَتھی گاشس کُن تہٕ ووت اَتھی جم گٹھس منز سہٕ اوس از پرٚتھ چیزس پیٹھ پنٕنی گرفت مضبوٗط کرٕنی یژھان۔ تکیازِ تمی اوس تھانس پیٹھ گژھنہٕ باپتھ ہوٚل گوٚو نڈمُت تہٕ تس اوس معلوٗم زِ یہِ سورُے قصہٕ ولتہِ آناً فاناً اندٕ۔



# (۷)

اَکھ خوشہٕ وٕنی بُکی اُس سڑکہِ منٛز باگ یَتھ زٕ مست سوٚرخہٕ گری گنڈِتھ اُسی۔ بگہِ وول تہِ اوس بوٚنہٕ کنہِ بگہ نزدیکھے بہتھ۔ دوشوٕنی گُربن اُس لاکم چاڑِتھ یِمہٕ کنیٚ تم ٹھہرِتھ اُسی بگہِ اَندی اَندی اُسی ورایاہ لوٗکھ جمع گامتی۔ تہٕ اَتھ بروٚنہہ کنہِ اُسی کینٛہہ پُلسہٕ وٲلی اِستادٕ۔ أکس پُلسہٕ وٲلِس اوس دزٕوٗن لالٹین اتھس کیٛتھ تہٕ سہٕ اوس لمہٕ ستی بار بار پہیٚن تل کہتام وُچھان۔ پڑتھ کانٛہہ اوس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ونان۔ کٔڑ بکہٕ دِوان تہٕ اتھ موٗران تہٕ ہاے تہٕ ووٚہے کران۔ ٹانگہٕ وول اوس ہاڑِتھ بہتھ وُٹھ پھیشان تہٕ ونان۔

"یہِ اوس شوٗٹھس بدقسمت۔ میانہِ بڈٕخودلیہٕ شوٗٹھس اوسایوٕت قسمت ڈوٗلمُت"۔

رَاسکولنکافن گٔڈ دقہٕ دِی دِی جاے تہٕ یٔتاہ ہیوٚک تیٔتاہ ووت نزدیک تہٕ اُتی سپُد جمالوٗکن ہنٛزِ بیٚ چیٚنی ہُند وجہ وُچھنس اندر کامیاب۔ لتہِ اوس اَکھ نفر بگہِ ہُند بن پہیٚن تل ہیٚنہٕ آمُت سہٕ اوس شاید شٹھیومُت رتہٕ سٔری اوس گوٚمُت۔ پوشاک اوُسس نہٕ کینٛہہ خاص وونگوموٚ زوٗرن ہٕنٛدی ہوی پلوتہٕ اَسِس نہٕ۔ کلس تہٕ بتھِس اَسِس خونہٕ فوراہ پھٹان۔ بُتھ اوُسس یتھٕ کنہِ دباونہٕ آمُت تہٕ پھوٚٹمُت زِ پرزناونے اوس نہٕ یوان۔ چھوکھ اُسی دوٗرہ باسان۔

"ہے ذرا گری تورچ کتھا" ٹانگہٕ وول اوس عاجزی کران۔ "اہنسابوٚ کیاہ ہیکہٕ ہالمہٕ کھوتہٕ زیادٕ گرِتھ۔ مےٚ اوس راہ اگرے بوٚ گاڈی تیز چلاوان آسہٕ ہاتہٕ اَمِس کٔڑ بکھ دِمہٕ ہانہٕ۔ بوٚ ہے اوُسس وارٕ وارٕ پکان۔ پڑتھ کانٛہے وُچھان اوس بوٚ کوٚتاہ لوٚت اوُسس پکان تیتھے پاٹھی یتھٕ گٔنی باقے پکان اُسی۔ توہہٕ چھونا پتاہ شراب چیٚتھ چھا کانٛہہ

نفر سیٛو دپکِتھ ہبکان۔ مےٚ وُچھ دۄری زِ یہِ اوس مغزوڈولمُت تہٕ سڑکہِ تران تران اوس وٕسی وٕسی پیٛوان۔ مےٚ لأیس دوٚیہِ ترٚیہِ پھرِ کرٛ بکھ تہٕ تمہِ پتہٕ ٹھہرٲیوم گُرمگریہِ آو سیوڈُے گُری پڈرن تل۔ یاتہٕ کوٚر أمی یہِ زأنتھ مأنتھ تہٕ نتہٕ اوس نشس منز۔ مےٚ چھےٚ گُری جۄری جوان تہٕ یم چھِ کھر بکھ کھیٛوان...... تِتھُے یہِ پتھر لاینہٕ آو أمی دِژ کرٛکھ تہٕ گُریو تُجم ژُ پنجل ووٹہٕ بس یہے بنیےِ یہِ ڈٕیل"۔

"صحیح چھُو نان" جمع گأمتیٚو لۄکو منزٕ کوٚر کُمی تام بگہِ وألی سِنٛدہ بیانُک تصدیق۔ أمی دِژ أمِس کرٛکھ...... "غلط ووٚنوٕ نہٕ"۔ ترٚیہِ لٹہِ لأینس کرٛکھ...... بیےٚ کُمی تام نفرن ووٚن۔

"اَسیے سارِوے بوٗزتہٕ...... أمی بچأری ہے ترٚیہِ لٹہِ کرٛکھ لأیس"۔ تریَم نفرن ووٚن۔

مگر یہِ بگُر چلاون وول اوسنہٕ تیوٗ تاہ زیادٕ تر ہریومُت باسان۔ صاف پأٹھی اوس نَنان زِ بگُر گرٛ ژھِ کأنسہِ زردار تہٕ بہلہِ پایہِ شخصہٕ سُنٛز آسِنی یُس اَتھ کُنہِ جایہِ پراران آسِہے۔ پزر چھُ اِی زِ پُلسہٕ وألی تہٕ آسی نہٕ اِوٚ کُنی گأڈی رُکأوِتھ تہنٛدِس پروگرامس منز خلل تراوُن یژھان۔ بلکہِ آسی تم یہِ زخمی نفر گوڈٕ پُلسہٕ تھانہٕ تہٕ پتہٕ ہسپتال نِنچہِ وأحد فِکرِ منز۔ کأنسہِ أکِس اوس نہٕ اوہنٛد ناو پتاہ معلوٗم۔

أتھی دوران اوس رَاسکوٗلِنکاف ژیٚلہٕ ژرچہِ منزی أژِتھ زخمی لیس نِشہِ ووٚتمُت تہٕ شانہٕ طرفہٕ یہِ ڈٕیلِ زِتہٕ تس پیٹھ نیمیومُت۔ أتھی منز پیٛو اچانک پأٹھی سڑکہِ لار یمِتس أمِس بدقسمت نفرٕ سُنٛدِس بتھِس لالٹین گاش تہٕ رَاسکوٗلِنکا فن پرزٕنوٚ دیہِ۔

"بوزانِن یہِ...... مےٚ چھُ پتاہ یہِ کُس چھُ" تمی دِژ کرٛ بکہِ یہِ چھُ ریٹایر گوٚمُت سرکأری کلرک۔ مارمیلادوف۔ یہِ چھُ پیٚتی نکھے کوٗ ڈیل سُنٛدِس مکانس منز روزان۔ گرٛیوٗ جلدی یہِ نِموٗن ڈاکٹرس پوٚنسہِ دِمہٕ بہٕ وُچھیوٗ"...... تمی کُڈی چندٕ منزٕ پوٚنسہٕ تہٕ ہأوِنی پُلسہٕ

وأرِلس ۔سہٕ اوس سخ بانبر یومُت۔

پُلسہٕ وأرلی گئے أمِس نفرٕ سُند شناخت سپدنس پتہٕ سخ خوش۔ رَاسکولنکافن ووٗن پُلسہٕ والین پنٕن ناو تہٕ پتاہ تہٕ تتھ عأجزی سان زنتہٕ مول واتہٕ ہس۔ تہٕ گنٕڈی نکھ گلٕدِ یہ بےٚ خود مار میلا دوف پننس ڈیرس پتہٕ فوری تو روا تتاونہٕ باپتھ۔

"ستیٚؤت دۆر چھنہٕ۔ بس ترٕیو مکانو پتہٕ چھُ کوزیل جرمنی ہنٛدِس أکِس زردار سٕنزِ لر یہ چھُ تتھی منٛز روزان۔ یہ آسہِ ہے گرِ گژھان وونگو شراب آسہِ ہن ضرۆر چیٚومُت۔ بو زانن۔ یہِ ہے مُلہٕ شرأبی چھُ تہٕ۔ ڈیرس پتہٕ چھبس زنانہٕ تہٕ شُری۔ اَکھ کۆر چھبس بالغ۔ ہسپتال واتناونس منٛز لگہِ واریاہ وَکھ۔ کوزیل سٕندِس مکانس منٛز آسہِ ضرۆر کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ ڈاکٹر روزان۔ پونسہٕ کیاہ لگہِ تہٕ دِمہٕ بو۔ گرِ واتبس کم سے کم نظر گذر بچارس...... تمے زۆ وندنس۔ ووٚنی ہرگاہ تھٕ یہِ ہسپتال نیٚون یہ مرہ وَتی"۔ أمی پلہٕ نوولوٗت پأٹھی پُلسہٕ وأرلس کیاہ تام کأنسہِ ہٕندبن رۆحن رۆزنہٕ خبر۔ ووٚنی اوس رَاسکولنکافن وُنن مُنأسِب تہِ تہٕ جأیزٕ تہِ پٕیہِ اوس یتمن پرٕتھ رنگہٕ مدد آیتن۔ پُلسہٕ والیو ٹُل زخمی نفر تھوٚ دتہٕ باٹےِ لۆکوتہِ دِتکھ رضاکار پأٹھی مدد۔

کوزیل سُند مکانہٕ اوس گزتر ہہ مرِ دۆر۔ رَاسکولنکاف اوس احتیاطہٕ سان مار میلا دف سٕندِس کلس تھف کرِتھ پتہٕ پتی پکان تہٕ یمن ہاوان۔

"یپأرِ...... آ...... یہٕ یپأرِ...... بس۔ مگر اَسہِ چھُ یہِ ہیرِمس پُہرس پتہٕ کھالُن۔ آ۔ پوٗز کلہٕ گژھبس ہیرِ مہٕ آیہِ روزٕن۔ ڈلیؤ پھری وُن یمہِ آیہِ۔ بو دِموٗ توہہِ مخنتانہٕ۔ بوکرو تھی خوش"، رَاسکولنکافن ووٗننکھ۔

کیٹرینا أس ہمیشہٕ فرصتہٕ وقتہٕ پننس کُٹھس منٛز یُس نکوأرِس سونب اوس اورٕ یورٕ پھیران آسان۔ دانہٕ پتہٕ أس دارِ تام گژھان تہٕ دارِ پتہٕ واپس دانس تام۔ یہِ اوس تس عادتھے لار یومُت۔ تہٕ وُنی کیبس تہِ اوس تمہِ نرِ زِ سپنس پتہٕ وُٹھ گتھہ دِنی

شروع کۆرمُت۔ پأنۍ پانس ستۍ اُس کتھ کران ژاسا ژاساتہٕ کران۔ تس اوس واریاہ کالہٕ پتھ کتھ بکواس لاریومُت۔ پۆز ووٗنی کێس اُس سو پننہٕ داہ ؤرشہٕ کورِ پالنیکایہٕ مۆکھ رٔٹتھ دوہٕ کھۄتہٕ زیادٕ بک بک کران۔ تس اوسنہٕ بچارِ واریاہ فکری تران۔ مگر اَکھ کتھ اُسس پۆرٕ پأٹھۍ فکرِ ترٕمژ زِ تتھس موقعس پتھ چھُ تہنزٕ ماجہِ تسُنڈ بروٗنہہ کنہِ آسنٕک سکھ حاجت۔ لہٰذا اُس امہِ وِزِ بجونٕسمجھ خوٗبصوٗرت تہٕ دوراندیش اُچھو پننہٕ ماجہِ مُدا أے گنڈِتھ بروٗنٹھ کنہِ روزان تہٕ تسنزٕ کتھٕ چھُنچ زبردست کوٗشش کران۔ ووٗنی کێس اُس پالنیکا پننس لوکٹس بأیس یُس دوہی دوہس علیل اوس ساونہٕ باپتھ پلونبر کڈان۔ یہٕ کٹر اوس تس پراران زِ سو کرِ تہٕ گرٕ کڈِ تس گرتنی نالہٕ یوسہٕ ووٗنی چھلنٕژ اُس تہٕ سہٕ شونگہٕ ہے۔ سہٕ اوس نہٕ ستھ تہٕ بتھ تہٕ کران۔ زنگہٕ آسن بروٗنٹھ کُن واش کڈِتھ تراوِہمژ۔ کھورٕ آسن رلأوِتھ مگر پنجہٕ دؤر دؤر تھأوِمتۍ۔

سہٕ اوس ماجہِ ہنزٕ تمہِ کتھٕ دیان دِتھ بوزان یمہٕ سو ببنہٕ ونان اُس تہنزی ووٗٹھ اُسی تہنزٕ ووداُسی ہُند حال باوان تہٕ ننہٕ درتہِ اُسس کھٔرمژ مگر توتہٕ اوس اُچھی یلہٕ تھأوِتھ آرامہٕ سان ہتھ برابر تتھے کنہِ یتھٕ کنہٕ تم لوکٹ شُری ساونہٕ وِزہ پلونبر کڈنہٕ باپتھ ژھوپہٕ دَم گرِتھ بہان چھِ یمن اُسی سۆنہٕ گو برونان چھِ۔ اُمس نکس کنس بیاکھ لوکٹ کورِ ہن اُس پردس نکھٕ پننہٕ وارِ پراران۔ پلو کیاہ تس بچارِ اُسی زچہٕ رٹنٹھی نالی۔ ہیرِ کھسہٕ وُن درواز اوس یلے۔ اپأری اوس سہٕ دُہہ نمبر نیران یُس دوہیمیو کمرو پتھ اور اژان اوس تہٕ یتھٕ پأٹھی اوسکھ رژھ کھنڈ آرام میلان۔ امہِ دہہٕ ستۍ آسہٕ بچارِ کیٹرینایہٕ ژاسہِ ستۍ نیلہٕ گژھان۔ کیٹرینا اُس تتھ ہفتس منز بیہن لاریمژ تہٕ لاغر گامژ تہٕ بتھ اوٗسس بروٗنہہ مہِ کھۄتہٕ زیادے سفید مُج ہیو گومُت۔

"ژٕ کرکھ نہٕ پژھ۔ پالنیکا"، کٔتھس گتھ دِوان ووٗن تمہِ پننہٕ کورِ کُن "ژٕ ہیککھ نہٕ اندازے لگأوِتھ۔ مالنہٕ کیٗتھ اُسن گنڈُن تہٕ عائشہِ آرام اوسم۔ مگر اُمۍ شرأبی۔ کتھٕ وأج

نَس ناوِ تہٕ تھاوُنس نہٕ دوٚن ہارن ہنٛز أمی لارناوُس پتھرِس تہٕ ووٚنی کرِ و توہہ تہٕ تباہ۔ میون مول اوس دیوأنی کرنل تہٕ گورنر بننہٕ خأطرٕ أسس أکی ترقی ضروٗرت۔ لہٰذا یُس اکھا تہٕ تس سٟتی مُلاقات کرنہِ یوان اوس سأری أسس وننان ایوان مہالو وِچ أسی چِھتھ ژٕ ے پٔژُن گورنر مانان۔ مگر ییٚلہِ بو...... ییٚلہ"تس آیہ زبردست ژاس۔"وأ ے۔ یہ گیہ تاوٕنچ زندگی"تس ژٕج کرٕکھ نیٚرِ تھ۔ ہوٗٹ صاف کرِتھ تہٕ پنٕنو دو یو اتھو سٟتی سینس ژٕلِن دِوان تھاوُن گتھ جأری۔

ییٚلہِ بو مارشل ہٕندِس حالس اندر سرکردہ لڑکن بروٚنٹھہ کنہ رقص کرنہٕ گیٚس...... سہُ اوس میون أخری رقص۔ تتہٕ ییٚلہِ بو Bezzemebry شہزادٕ وُچھس۔ پالنیکایہ گٔیہ سوے شہزأدی یوسہٕ مےٚ تمہِ وِزِ مبارکس آیہ ییٚلہِ مےٚ چأنس مألس سٟتی نیتھر کوٚرُکھ۔ سو گیہ حأران تہٕ پرِژھنم ژٕ چھکھ ناسوے خوٗبصوٗرت کورِ ہن ییٚمہِ رقصہٕ کِس تتھ انعأمی مقابلس منٛز شال رقص اپیش کوٚر؟ (ژٕ دِی زِوٗنی اتھ ٹیب۔ اَن ٹرِن تہٕ پن داوتہٕ تِتھے کنٛہ کرِس روٗف یِتھٕ کٔنٛہ مےٚ ہووٗ ے۔ نتہٕ آسہِ أمی اتھ پگاہ وُل بنومُت (ژاس ینہ کنٛہ پیٚیس کتھ کرنہٕ باپتھ سخ کوٗشش کرٕنی)۔ شیگولسکی شہزادٕ اوس تمی ساتہٕ پیٹرِس برگہٕ پٔٹھ آمُت۔ سہُ اوس مجلس اُمرا ہُک رُکن تہٕ...... خأر تمی کور مےٚ سٟتی پٔزی کنٛہ روٗح پرورڈانس۔ تہٕ پگاہ کیٚت کرینم عرضی زِژٕ کرمےٚ سٟتی نیتھر۔ مگر مےٚ وونمس صاف لفظن منٛز۔ میون دِل چھُ کرتام بیٚیہِ سُند سپدمُت۔ پولیا سہُ بیا کھ اوس یہوے چون مول۔ بس کھوٚت اتھ پٔٹھ سخ خشم......" آب گوٚ اتیار...... لِڈا...... ووٚلہٕ دِژٕ فراق تہٕ موزٕ یوٚری۔" لوٚ کچہٕ ہشہِ کورِ ووٚنُن۔ "ازراتس پیٚیی ژٕنے شمپیٔنہِ ورأی شونگن۔ تھاو موزٕ ییٚمن پلون سٟتی۔ بو چھلکھ ییٚم سأری یکہٕ وٹہٕ۔ گوٚ و کوٚت سناسہُ دربدری شرأبی۔ دُنیستام چھنہٕ بوٚڈٕ ے کُنہِ؟ خیالے چھس نہٕ کُری تن کرِ چھین لأجمٕ۔ ییٚلہِ گوڈٕ بانہٕ ہُرکی پٔٹھی بناوِیس اَتی کٔڈِ نالہٕ۔ گوڈٕ چھنس پرکألی کُری ہتی۔ مےٚ دیپوٹیب دِمس تہٕ ییٚمی

پلون ہِتی چھلن یتھنہٕ پگاہ راتس تہٕ وُدِی روزُن پییہم۔ ''اہنہ۔ اہنہ ......اوہ میانہٕ خودایہٕ'' پیّہٕ آلیس ژاس۔

''امایہٕ کیاہ دلیل'' وُزس منز واریاہ لۆکھ ؤچھتھ ژٕج تس کرٕ کھ نیر تھ۔ پیّہٕ پیٚلہٕ تہٕ یم نفر کیاہ تام اتھن منز ہیتھ۔ پٔتہٕ ہے کمرس کُن اژان وُچھن ''کیاہ سنا۔ یم کیاہ چھی یورژانان۔ خودایا رحم کری زِ''۔

''یہٕ کتبتھ چھُ تراوُن'' بےٚ ہوش تہٕ خوٗنہٕ مہراز ہیوٗ مارمیلادوف اندر ژٲنتھ پرژھاٗ کی پُلسہٕ واٗلی ساٗرے کمرس نظراہ تراونہ پتہٕ۔

''صوفس پیٹھ ترٲوِیوٗن...... مگر واش کڈِتھ...... کلہٕ تھاٗیوُس ییمہٕ طرفہٕ'' رَاسکولِنکافن ہوونکھ۔

''یہٕ ہسا اوس سڑکہِ پیٹھ گاڈِ تل گوٚمُت۔ اٗمی اوس شراب چیٚومُت''۔ اٗکی نفرن دِژ وٹہِ منز ے کرٕ کھ۔

کیٹرینازن نیٖہٕ جوتھوٚ دٔلِتھ۔ زن تہٕ ووژیوٗ ہتی رتہٕ قطرٕ قطرٕ نیوٗ ہس کڈِتھ۔ سو گیہٕ زن رہتھ۔ وحشتہٕ ہِتی روٗدُس اٗس تہٕ یلے۔ شہہ اٗس ہتھ کنہٕ کوٗشش کٔرِتھ کھالان زنتہٕ کھرٕ ینواوُسس۔ ژُری کھوٗژی، نچہ لِڈایہٕ ژٕج کرٕ کھ نیر تھ تہٕ سوسیٚدیہٕ پالنیکایہٕ نِشہٕ تہٕ گرنس کوٚم۔ تس ژایہٕ پتہٕ ؤتھرِک پاٗٹھی نٔتھ۔

ییٚلہٕ مارمیلادوف صوفس پیٹھ تروُوکھ۔ رَاسکولِنکاف گوٚو کیٹرینایہٕ کُن۔ ''تلسا سوال چھےٚ صبرس ہیےٚ کاٗم...... ژٕ کیازِ تر ہریٚکھ'' رَاسکولِنکافن ووٚن تس تیز تیز ''یہٕ اوس سڑکہِ تران تہٕ آواٗ رکس بگہِ تل ہیٚنہٕ۔ ژٕ مو کھےٚ تراس۔ یہٕ گژھِ وُنی ٹھیک میےٚ ووٗنمکھ یہٕ یوراٗنِ۔ خبر ژےٚ چھُیہِ یاد یو چھس یور بروٗنہہ آمُت؟ یہٕ پھیرِ وُنی حبہٕ۔ پونسک بٔری زِنہٕ کہنِ وایہٕ''۔

''اٗخرتہٕ کوٚرُن ازکار'' کیٹرینایہٕ ووٚن وُداٗسی گژھتھ تہٕ دوٗ ریےیہٕ پیٹس

خاندارس نشہٕ۔

رَاسکولِنکافس توٚرأ کس لحظس منٛز فکرِ کیٹرینا چھےٚ نہٕ تِہنٛس موقعس پٹھ غش گژھن واجنٮ۪و زنانو منٛزٕ۔ تمہِ تھووٕہنٛس رٕنس شانٛدٕ گوٚندکلس تل یتھٕ کُن کانٛسہِ ظوٗنہِ گووٕنہٕ...... امہِ پتہٕ ہیٚتِن نس پلوٗ نالہٕ کڈٕنی تہٕ لٔجس تنہٕ نظر دِنہٕ۔ تمہِ کوٚر بڈٕ صبر۔ تس گیہٕ پنٕنٛز حالت مشرٕہے۔ کٔوتاہ ضبط کوٚر تمہِ۔ تتھٕ کرٕ کھوٚتھن پٹھ واتان أسس سو اُس وُٹھ ژأپتھ کرٕ کھأتی دفناوان تہٕ اوش ہٕگہٕ أسس پوٚز ٹار بن منٛزٕ ے شرٕ وپراوِنی۔ أتھی دوران سۆزرَاسکولِنکافن گُس تام ڈاکٹر انناونہٕ۔ ڈاکٹر اوس أتی فقط اکھ گرٕ ترأوتھے روزان۔

"مےٚ سۆزنفر ڈاکٹرس" رَاسکولِنکافن دیُت کیٹرینایہِ تسلا۔ ژہأرکہٕ زٕنہٕ ہمت۔ ڈاکٹرس دِمہٕ بہٕ فیس۔ آب چھا کینٛہہ؟...... بیٚیہِ دِی تو تولیہ یا بیٚیہِ کانٛہہ ژٕ جاہ جلدی پہن...... أمس چھی فقط چھوٚکھ آمٕتی۔ خوداہ نخواستہٕ موٗمُت چھنہٕ۔ تۆہۍ گرِیوٚ مے پتھ پزٕھ...... وُچھووٕنی ڈاکٹر کیاہ علاج کرِیٚس!"۔

کیٹرینا گیہٕ دبوٗدَب دارِ کُن یتھ اکھ آبہٕ تگأرٕ أس۔ تمہِ ستی أسی تس شُربن تہٕ خاندارہٕ سنٛدی پلوٗ چھلنٕی۔ زیادٕ نَے تہٕ ہفتس منٛز أس کیٹرینا کم کھوٚتہٕ کم دوٕیہ لٹہِ پلوٗ چھلان چھوٚکان تہٕ یہِ کأم أس سو شامہٕ پتی کران۔ امہِ گرچہِ غُرژٕ ہُند اوس یہِ حال زِ پلوٗ بدلاوٕن کیُت اوسکھ نہٕ دوٕیُم جوڑٕ۔ کیٹرینا ایوانوناأس سخ نفاست پسند۔ سوٕ أس نہٕ گرِ باژن گنٛدٕ پلوٗ نالی وُچھِنی برداشت کران یا وۆ گرس منٛزٕ أس نہٕ گندگی زران۔ لہٰذا اُس سوروت کیُت تمہِ ساتہٕ پلوٗ چھلان ییلہِ باقے سأری شوٚنگتھ أسی آسان۔ تس بچارِ اوس نہٕ ہیٚرٕ کأم کرنک بتٕر مگر وبتر اوان أس۔ أدٕری پلوٗ أس کالے رزِہ پٹھ تراوان تہٕ صبحس تام گژھن تمہ ہوٚ ھمتی آسنی۔ رَاسکولِنکافس وٕنس پٹھ تُج تمہِ تگأری مگر یہِ ہیچنٕ نہٕ تہٕ پیٚرٕ گوٚب گیٚس زِ پتھر لاینہٕ نِشہِ بچیے یہِ اتھن پھوٚک دِوان۔ رَاسکولِنکافن

أنی یتھس کالس تولیہِ لبِتھ تہٕ سوئے درأون تہٕ ہیوٗتُن مارمیلادفنس بتھس رَتھ وتھراوُن۔

کیٹرینارُ زأتی نسے وودنہٕ۔ تس اوس نہٕ شاہے کھالُن بنان تہٕ امہِ کنٔ اُس دوشوے اتھو چھس ژیٖل ژیٖل دِوان۔ تس بچارِ اوس پانس وچھنہٕ دا چھنہٕ باپتھ أنسہِ نفرٕ سُند ضرُورتھ بیٖس کیاہ کرِ ہے۔ رَاسکولنکافن یِیلہِ تسنز حالت وُچھ تس گوٚ واحساس زِ مارمیلادف زخمی حالتس منز یور أنتھ کرٕ تمی بڈ غلطی تہٕ پُلسہٕ وول تہِ اوس تربن تہٕ تروا ہن گرٕ ہت ووٕدنی۔

''پالنیکا'' کیٹرینایہِ دِژ کرٕ کھ۔ ''ژٕ انُن سوٗنیایوٗری۔ ژٕکی گرٕ ھ۔ اگر ے سو گرِ اُس نہٕ تیٚلہِ تھاوِی زِ بس شیٚچھ۔ وُنی زِ بکھ مول چھس گاڑِتل گوٚمُت لہٰذا گرٕ ھِ سو واپس تھٕتھے دبوٚ دَب یُوری واتنی۔ گرٕ ھ دَوِ ی۔ ہہ شال نہِ وُلن''۔

''گرٕ ھی ژکان۔ تھوٚ کھ چھے نشانہٕ'' کُرسی پیٹھ بہتھ لڑکن مُژ رأ واچانک پأ ٹھی زیو۔ تہٕ امہِ پتہٕ بیوٗٹھ بیٚیہِ سنجید پأ ٹھی زنگن واش کئڈتھ۔ کھورِ رلأوِتھ تہٕ پنجہٕ وہرأوِتھ ژھوپہٕ دَم کرِتھ گول گول أچھو حالات وُچھنہِ۔

یتھس کالس آیہِ یہِ کُٹھی روبُج لوٗکو ستی ژیٚلنہٕ تہٕ اتہِ روٗزنہٕ ہُرٕ ن تراونس وَتھ۔ پُلسہٕ وأ لی أسی أکِس ورأ ے ساری دژامتی تہٕ سہٕ اَکھ اوس بوٚنہٕ پیٹھ کمرس منز آمتی لوٗکھ اتہِ کڈنچ کوٗشش کران۔ مادام لپاوشل سُندی تقریباً ساری کرایہِ دَرأ سی کمرومنزٕ نیرِتھ کیٹرینایہِ ہُندِس کُٹھس اندر ژٕ امتی۔ گوڈٕ اُسی تم دروازس پیٹھے اَکھ أکِس ستی چیر ونہٕ آمتی مگر پتہٕ ژٕ اے یسلہٕ پأ ٹھی کمرس منز۔ کٹرینایہِ گوٚنڈُ ن شرراتہٕ ستی زَن نار۔

''ہے ووٕنی دیوٗس نا آرامہٕ سان مرنہٕ تہٕ''۔ تمہِ وونُکھ شرراتہٕ ہُرٕ ۔ ''ییٚتہٕ کیاہ تماشہٕ چھا۔ تی چھوٗ سگریٹ چیے وُچھان''۔ اُتھی ستی چھبس ژاس یوان۔ ''توہہٕ کوسہٕ باشبر اُسوٗ۔ ٹوپہٕ تہٕ چھوٗنہٕ کلن پیٹھ۔ نیریوٗ ییٚتہٕ کم سے کم گرٕ ھِ نامیتہٕ سُند احترام کرُن...... ہنہٕ''۔

تس آیہِ اُڈی جن بروٚنہہ کرن واجێن ژاس۔ مگر یوٚسہٕ ملامت تمہِ یِمن نفرن گر تتھ تہِ دژ اوپھل۔ تِم لگی کیٹرینایہِ ہٕندِ ڈرٕ اکہِ اکہِ ووتھنہِ تہٕ درٲے کمرٕ منٛز نبر۔ تِمن اوس عجیب خیالو نِشہِ یِم اچانک پٲٹھی کانٛسہِ ہٕندِ حأدثہٕ سپدنہٕ ستی سینس منٛز ووتلان چھی ووٗنی ووندٕ صاف گوٚمت۔ تِتھی خیال چھی حأدثہٕ سپدن والی سٕندین نزدیکی اون اُشناون تہِ گننان۔ تہٕ امہِ نِشہِ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ زندٕ نفر محفوٗظ روٗزِتھ ہیکان۔ یِمہِ باوجوٗد زِ تٕہندِس دِلس منٛز چھےٚ پُر خلوٗص ہمدردی تہٕ رحٕمک جذبہٕ آسان۔ تاہم اُسی کیٛنٛہہ درواز پتھٕ کرٕ بکہٕ لایان۔ مارمیلا دوف نیوٗن ہسپتال تہٕ اُڈی اُسی وننان نتھے اُے اُسی۔ اَسہِ کیاہ اوس یہِ کرٕہن تہٕ تہِ۔

"اچھا مرنہٕ وِزِہ تہِ چھُوٚ وننان نتھے اُے، اَسہِ کیاہ اوس"۔ کٹرینایہِ دِژ کرٕ بکھ تہٕ دورے یہِ دروازس گُن یِمن پتھ پٕنٛنی شرارت چھانٹنہِ مگر برٕ پتھ سمکھے لیس مادام لپاوشل یِیمہِ حأرتچ خبر وُنی بوٗزمژٕ اُس تہٕ ووٗنی اُس حُکم دِنہٕ باپتھ دوران۔ سو اُس سخ لڑایہِ گرِنی تہٕ سنٛبٕھے غأر ذِمہٕ دار جُرمن زنانہٕ۔

"عفو میانہِ خودایا"۔ گُلی موٗران موٗران اُچ سو کیٹرینایہِ گُن وٕنہِ۔ "گوٚو نا گریو موٗتھے از روٗن پڈرن۔ از کیاہ وأ جنس شرابن وٕنہٕ۔ بوٚ چھیسے دپان یہِ واتناوُن ہسپتال۔ اٰخر بوٚ چھُس مکانہٕ مألی کیٛنٛژ۔

ایمیلیا بوٚ چھسے دپان زبان کرسلوٗک۔ حبہٕ ہوشہٕ آس کتھ کران"۔ کیٹرینایہِ دِتُنس مینٛگ تھٕوِتھ جواب۔ سو اُس مألکنہِ ستی پرٕتھ وِزِ مینگی تھوتھے کتھ کران۔ تِتھنہٕ سوٚ "پٕنٛنی حیثیتہٕ مشراوِہے۔" "ایمیلیا لیڈوی گونا......"۔

"مےٚ چھُمےٚ ژیٚنےٚ امہِ بروٚنٛہہ تہِ ووٗنمُت مےٚ اُزنہِ ایمیلیا لڈوی گونا ونان۔ بوٚ چھُس ایمیلیا ایوانونا"۔

"تھوی...... تھوی ووٗنی توتہِ نَے چھُکھ ایوانونا۔ بوٚ ہے زانتھ۔ ہنہ...... بوٚ نے

کرے لیبز یا ٹنکو فنٕی پاٹھی تھنہٕ پاشنٕی تہٕ ونے "ژھکھ نہٕ ونے لیڈوی گونا......تس بوزٕ
وُن چھسے ونان۔ أ کیاہ۔ دراوزس پتۍ کٔنی چھے کھٔکھرٕ ماران" تہٕ واقعی چھُ درواز پتۍ کٔنۍ
اسُن تہٕ کتھ کٔنن گرٛھان تہٕ کُس تام اوس ونان۔ "ہیٚو توٚہسہٕ یموبیٚہ شروع کرُن"۔ یہ
ہے ونے پرٛتھ وِزٕ ایمیلیا لڈوِی گونا۔ ینے رلیہٕ گرٛھنے۔ تکِرتھ مےٚ نےٚ چھٔنہٕ سونکتوٚے
یوان زِ تڑینےٚ کیازِ چھی امہِ ناوٕ ستی مرٕژ وانگن ووتھان۔ وُچھی زنتہٕ بوزنے چھے نہٕ یوان
خاندارس کُس حال چھُم بنیومُت۔ یہ بچور چھُم مران۔ مگر ژٕ آیہِ ہم دَل وانژل لاگنہٕ۔
تلمی ووٕنی بخشتم۔ یو چھےٚ سے گُلی گنڈان درواز تھاوتہٕ بند تہٕ یورمتہٕ دِتہٕ کانٔسہِ اژنہٕ۔ ووٕنی
دِتہٕ تیمس آرامہٕ سان مرنہٕ۔ ......آ......نتہٕ تھومے وٕنتھ بو گرٛھے صجنس گورنز
جنرلس تہٕ چانٔی سارٕی طور طریقہٕ باوس۔ شہزادٕ زانہِ مےٚ لوکچار پانہٕ پیٹھ۔ سہ زٕلنہٕ
میانٔس خاندارس تہٕ پوٗرٕ پاٹھی تہٕ وِزہ وِزہ روٗ دأمس ڈکھ کران۔ کس چھُنہٕ پتاہ
میانٔس خاندارس اِکتیاہ یار تہٕ ہمدرد أسی۔ مگر أمی ہیٚوت پانے تمن نشہِ لوٚب۔ تکیازِ
أمس أس پننہٕ کمزوٗری پیٹھ تہٕ نظر سویہ زِیہ اوسنہٕ ژٕنی یزٕتھ دارکأرنوٚ مراونی یژھان۔ مگر
وُنی کٔبس آواسہِ اکھ فیاض تہٕ رحمدل جوان اتھ راشہِ (اشارٕ ہووُن رَاسکولنکافس
کُن)۔ یہ چھُ سبٹھے دولتمند تہٕ اژوٕ رسوٗخہٕ وول۔ تہٕ میون خاندار زانبس شرٕی پانہٕ
پیٹھے۔ باہٕ تے تھاوتہٕ ژٕ ایمیلیا لڈوی گونا دِل پشاورٕے......"۔

یمہٕ سارے کتھٕ ونہِ تمہٕ اَکی شاہہ تہٕ ژاس پننہٕ سبہٕ لوٚگ أہنزٕ کتھٕ ٹکھ۔ أمی وِزِ
پھیوٗ رزندگی تہٕ موتچہٕ کشمکشہِ منز پیاٗمتس مارمیلادفس جبس تہٕ گرٕن أہنراے۔ تمہٕ نیہٕ
کٔنی ووٕ ٹھٕ تمِس نشہِ۔ زخمین مُنٛہ راوِأ چھ تہٕ لوٚگ رَاسکولنکافس وُچھنہِ یُس لگ بگ أمیسے
پیٹھ نمیومُت اوس۔ مارمیلادفن نہٕ پرٕزنوٗے تہٕ نہٕ توٚرُس فکری زِ سہٕ کیازِ چھُ أہنٛدٕ گرِ۔
مارمیلادف لوٚگ زِ ٹھی زٕ ٹھی مگر وارٕ وارٕ شاہہ کھالنہِ۔ شاہہ کھالنہٕ ستی أسس دَگ
کران۔ پراژن پیٹھ گوس خوٗن جمع تہٕ ڈٔبکس پھٹِس گُمہٕ۔ یٚلہِ نہٕ تمی رَاسکولنکاف

پرزنوٗے تمی ہیوٚت بقرار پاٹھی اور یورُ وچھن۔ کیٹرینا اُسس وہ دا اُسی نظر مگر بتھ دوز کرِتھ ڈُچھان تہٕ تس لٔج اوٚشس دِ گنی۔

"میانہِ خودایا۔ اُمسے ساری سینس زخموٕ ستی پریٖن گوٚمُت چھُ۔ بہتر چھُ اُسی کڈ وا مِس پلوٗنبر"۔ تمہِ ووٚن سٮ۪ٹھاہے مویوٗسی منز خاندارس۔ "سیمیون زہار ووچ۔ تلسہ لرِ ماہیلِکھ پھیرِتھ"۔

مارمیلا دوفن پژ زِ نا وسو۔

"پادری انا وِ تون" تمی ووٚن بیگرِ آوازِ منز۔

کیٹرینا گیہِ دارِ گُن تہٕ دارِ ہنگس ستی کلہٕ دِتھ لٔج واویلا کرنہِ۔

"وا ے۔ بلایہِ یژھ زندگیہِ"

"پادری" مرنہٕ سر بمارن ووٚن بیٚیہ رژھ کھنجہ خاموش روزنہٕ پتہٕ۔ "گاٮ۪تی ہسا چھہِ پادرِس" کیٹرینایہِ ووٚنُس دُ زِتھ۔ جواب بوٗزِتھ کر مارمیلا دوفن ژھوٚپہ۔ تہٕ وہ دا اُسی تہٕ چھندریمژ ونظر ولوٗگ پننہِ گرواجنہِ وٗنی دِنہِ۔ سو آیہِ تہٕ پیٹھس شاندس پیٹھ۔ امہِ ستی گیہِ تس رژھا فراحت مگر زیادٕ کالس نہٕ۔ تِکیا زِ تس پیٚیہ لوٚکچہ کورِ لڈ لیہ پیٹھ نظر یوسہٕ تس سٮ۪ٹھاہے ٹاٹھ اُس تہٕ وُنی کبس اُکس کوٗنس منز ژمیمژ تہٕ پننہٕ وُتھرِ کی پاٹھی ژان اُس۔ سو اُس ترہرِ پمژ تہٕ حارتہٕ برژ ومعصوٗم نظرو اُس پننس مالِس مُد اُے گنڈِتھ۔

"آ۔ ہا" تمی ترو وو وٚش۔ سہٕ اوس کیاہ تام وٚنن یژھان۔

"کیاہ ڈیلیل" کیٹرینایہِ پرژھنس۔

"ہوٚچھے ننہٕ وارِے۔ ننہٕ وارِے چھے" تمی ووٚن۔ جوٗنی نظرو کورِ ہنٛد بن کھورن گُن اِشار کرِتھ۔

"کرو وٚنی دَم" کیٹرینایہِ ووٚنُس ڈبکہٕ ژُکر اُدِتھ۔ "ژے چھے ناپتاہ یہِ کیازِ چھے ننہٕ وارِے"۔

شُکر۔ ڈاکٹر صاب آو۔ رَاسکولِنکافن وون پھِر کھتراوِتھ۔ ڈاکٹر اوس جرمنی ہُند روزن وول وانسٹھ تہٕ قد کِنی زھوٗٹ۔ سہٕ گوٗ وسیوٗ دُے بیمارس نِشہٕ۔ نبض وُچھِت دِژِنس کلس وارِ پاٹھی نظر۔ تہٕ کیٹرینایہٕ ہنٛدِ مدتہٕ مُژراوِنس رتہٕ داوی گرتہٕ ہنٛدی ٹینہٕ ٹوٗپ۔ تہٕ لوگنس سینہٕ وُچھُن۔ اَتھ اَسی ئرنی چھوکھٕتی۔ زٕل و ٕتی تہٕ دباونہٕ ستی بڑوس گوٗمُت۔ دٔچھنہٕ اندٕچہٕ واریاہ لرکانہٕ آسس پھچمِژ۔ رَتھ باندِ گرٕھنہٕ کِنی اوسُس سورے وَچھ نیلیومُت۔ کھوورِ انٛدِ اوس دِلہٕ نِشہٕ رژھ کھنٛڈ پیٹھ کُن گری پڈرٕ ستی ماز ےتھوٗ دوو تھٕمت تہٕ یتھ ژاسہٕ پہیک ہیوٚ رنگ گوٗمُت اوس۔ ڈاکٹرس گیہٕ بُمن گنہٕ۔ پُلسہٕ والی وو ٕنس زِیہٕ گوٗ وگاڑتل تہٕ گزن ترٕ ہ مرن لِکس گاڑِ ستی ڈُلہٕ گِتھی۔

''تعجب چھُ۔ یہٕ کِتھٕ کنہٕ چھُ حبسہٕ پھیوٚ رمُت'' ڈاکٹرن وون کنس تل رَاسکولِنکافس۔ تہٕ تمی پرژھِنس واپس ''ووٚنی کیاہ چھےٚ باسان''

''یہٕ ہسامرِ وُنی''

''بچنچ چھِنا کہنٛی وومید؟''

''رژھ نہٕ، یہٕ چھُ اَخری شاہ ہیوٚان۔ کلس تہٕ چھس وُلٹہٕ چھوکھ آمٕتی۔ آ...... اگرے تُہی یژھیوٚ یہٕ کڈس بانہٕ گوٗمُت رَتھ نبر۔ مگر تمہٕ ستی چھُنہٕ کانٛہہ فائدٕ۔ تِکیا زِیہٕ کڈِ ووٚنی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پانژ پیٹھ داہن منٹن تام''۔

''تلہٕ ساکڈُس یم رتہٕ پھٔٹ''

''اگرے تُہنٛز مرضی چھےٚ...... مگرمے وونمو تو ہہٕ یمہٕ گیہٕ ہوٚس گیٚچھ گنٛڈنہٕ''۔

اَمی وِزِ گوٚ وگہنٛدِ تام پکنگ صدا کنن۔ وُزس منٛز جمع لوٗکھ روٗدی دو پاسے تہٕ اَکھ میانہٕ قدٕ سفید مس پاڈری تیمس اَتھس منٛز مقدس صلیب اَس گوٗ وبرس پیٹھ نموٗدار۔ پاڈری اننہٕ خاطرٕ اوس اَکھ پُلسہٕ وول حادثہٕ گرٕھنہٕ وِزی گوٗمُت۔ ڈاکٹرن تراوٕ پادرِس جاے تہٕ اَچھو ستی وو ٕنس کیاہ تام۔ رَاسکولِنکافن روٗٹ ڈاکٹرس یہٕ رژھ کھجنہٕ

ٹھہرنہٕ باپتھ دامن تہٕ تمہِ دیُت پھکیٛن درہٕ تہٕ رٕدأتی۔

سأری کھٔتی پتھ پتھ۔ پادرِی سُنٛد اِستفسارٕ تہٕ مارمیلادوف سُنٛد اعتراف ووت ڈٔلی ڈٔلی انٛد۔ مرن سر بیمار اوسنہٕ ووٚنی شاید بوٗزِتھ تہٕ ہیٛکان۔ تس اُس زبو کلیمٕ۔ سہٕ اوس خبر کیاہ کیاہ ونان مگر تہِ اوسنہٕ فکرِ تران۔ کیٹرینایہ تُجٕ لڈا تہٕ کرسی پیٹھ بہتھ لڑکہٕ پانس ستی تہٕ دانہٕ طرفہٕ کس کونس منٛز پیٹھی دُزانوتہٕ شُربن تہٕ کوٗرن بروٚنٹھ کنہٕ رجوع کرنک اِشارٕ۔ معصوٗم کوریِ اُس وُنہِ تہِ تھرتھرٕ۔ اما لڑکن دیُت رکوٗع تہٕ پنٛنہٕ اتھہٕ ترتیب سان تھوٚد تُلِتھ بنووُن سینس پیٹھ مقدس صلیب۔ تہٕ ووتھ سجدس سہٕ رٕدو واریاہس کالس سجدس منٛزٕ ے۔ کیٹرینا ایوانونا اُس وُٹھ ژاپان تہٕ زورٕ اوٗش رُکاوان۔ سو اُس دُعاتہِ منگان تہٕ بار بار نچوس کُرتٔنی شہرِ تھ تھوان یوسہٕ تس کمرِ پیٹھ بوٚن بوٚن وسان اُس۔ تہٕ کورتھاوُن پھکیٛن پیٹھ ڈٔج یوسہٕ تمہِ دُزانو بیٹھی الماریِ منٛز کڈٕ تہٕ امہِ باپتھ پیٚوہٕ تس رژھہِ تہِ تھوٚد دوہ تھُن یا دُعا اِڈلیوک تراوُن۔ اَتھی دوران گے اندرمین کمرن ہٕنٛدی بر ہیٛیہِ ییلہِ تہٕ ہیر پیٹھ گنٔے یہٕ برٕ بیہن مگر وُنی کیٚبس ژاے نہٕ لوٗکھ درواز اندر۔ کمرس منٛز اُس کُنی موم بتی دزان تہٕ ووٚنی اٗسن سوتہِ ژٕکس تل واتنی ہیٛرٕ مٕژ۔ اچ ریہہ اٗسن ہمٕنٛز ہیٛرٕ مٕژ یمہِ ستی یہِ منظر زیادے غمناک بنیومُت اوس۔

اَتھی لحظس منٛز کڈٕ پالنیکایہِ درواز پیٹھ لوٗکن اورٕ یورٕ دقہٕ دِتھ جاے تہٕ ژایہِ اندر۔ سو آیہِ درجواب بینہٕ شیچھی وٕنتھ۔ کلہٕ پیٹھ واجنی ڈٔج بوٚن تہٕ لُچ موج ونہِ کڈنہٕ۔ یکدم دورے یہٕ تس نِشہٕ تہٕ ووٚنس ''اٗ کیا چھےٚ پکان۔ سو سمکھے یہٕ مےٚ وَتی''۔ درجواب کوٗرُس ماجہٕ دُزانو بیہتھ رجوع کرنک اِشارٕ۔

لوٗکہٕ جمہٕ گٔتھِ منٛزی وَتھ کڈتھ ژایہٕ اکھ جوان کوٗر کھوٗژی کھوژٕی تہٕ منٛد چھی منٛد چھی تہٕ وٕھن سو سراے تام کرنہٕ ورأے گتھس منٛز۔ ییٚتکی روزن وٲلی زچہ تہٕ میچہ دادِ کریٚشان تہٕ یمن موتن تہٕ ناوہ میدی نال ووٚلمُت اوس تتھبن باٗژن ہٕندِس کمرس منٛز او

ہندیُن باسیو عجیبے ۔ تس تہِ اُسی معموٗلی کپر کی پلوٗنائی مگر یم اُسی تمہِ فاشنہٕ مطابق سُوتھ وُنن نے غلط گرٛدھِ ییمیک مقصد شرمناک پاٹھی لۆکھناوِ وانۍ آسان چھُ ۔ سونیہ ہن کور رژھہِ کھنجہ برس پتھے قرار تہٕ اُجہ سورے کینٛہہ مشراوِتھ پریشان نظرو کُٹھس ژہ پاسے وُچھنہِ ۔ تس موٚٹھ فاشنے تہٕ جسمہٕ کہن کینژن انگن ہنٛز نُمایش کرن وول لباہسے ۔ سو گیہ یژھ بے حال زِ تس رۆدنہٕ اندیشے زِ تہندِ اسکرٹچہِ رُمہٕ رزِہ ستی آو وۆٹ برنہٕ ۔ تس اوس نپہ نپہ کرٕ وُن بوٗٹ کھوٚرن ۔ تہٕ اتھس منٛز اُسس چھٔتر حالانکہِ روتلہِ اوس نہٕ امیک ضروٗر تھے ۔ کلس اُسس گول ہیٹ دِتھ یتھ سوٗرخ رنگہ تیرٕ مُرتھ آسہٕ تہٕ کنواسچہٕ اُٹھ فاشنی ٹوٗپہِ تل اوس وہمہٕ ستی چھندر پٔرٛ کورِہن ۔ تہندی وُٹھ تہٕ اچھ آسہٕ حاژچ علامت بنتھ ۔ سۆنیا اُس میانہٕ قدٕ وہرٕ ارداہ ۔ جسمہٕ کِنہ زاوِج کورِہن ۔ مس اوسُس صاف تہٕ خوشہِ وُن تہٕ نیچہِ نیچہِ گول اچھ آسس سبٹھے سجان ۔ سو اُجہ صوفس تہٕ پادرِس سٕنی پاٹھی وُچھنہِ ۔ دوران دوران پنہٕ سبہٕ اُس تس تہِ شانش کھٔرٛ مرٛ ۔ لۆکو ہیرٛ اخرس کنہٕ پھسرارے کرٕ نی تہٕ سونیاہن تہِ بوٗزی کینٛہہ لفظ تہٕ سوزن گیہِ خابہٕ منٛز بیدار تہٕ نظر بۆن گُن ترٛاوِتھ ژلیہِ سو درواز اندر اکھ قدم تہٕ وُنہِ اُس بالکل دروازس نکھہِ ۔

پادری گۆو فارغ تہٕ کیٹرینا تہِ وٕژھ دُعا منگھت تھوٚد تہٕ گیہِ بیٚہِ پٔنس خاندارس نکھہٕ ۔ پادری کھوٚت پتھ پہن تہٕ نیرنہٕ وِزِ لوٚگ کیٹرینایہِ گُن پھیرِتھ تمِس افسوٗسکی کینٛہہ لفظ وننہِ تہٕ صبر کرنہٕ باپتھ وننہِ ۔

''مگر بو کیاہ کرٕ یمن''؟ بچن گُن اشارٕ کرتھ ژٹ تمہِ برہم گرٛدھتھ پادری سٕنٛز کتھ ۔

''خوداے چھُ رحم کرن وول ۔ روز تسی بڈس خوداس تابیدار سے کری چارٕ ساٗزی تہٕ مدد'' پادری ووٚننس ۔

''سخ ۔ ہنہ آسہِ مارحم کرن وول مگر سانہٕ خاطرٕ نہٕ کینٛہہ'' ۔

''محترمہ یہ شوٗبہٕ نہٕ وننٕ ۔ یہِ چھے بوٚڈ گوناہ'' پادری ووٚننس ۔

''اچھا یہِ چھُنا تیٚلہِ گوناہ؟'' کیٹرینایہِ وۅنُس مرنہٕ سرخاندارس کُن اِشارٕ کرِتھ۔

''یِہنٛز لاپرواہی کنٛز یہِ حادثہٕ سپُد بنان چھُ بلکہِ تمو معاوضہٕ دتھے۔ کم سے کم یہِ فرمان اوس تی دِنے''۔

''وۅنی آسہِ ہے نہٕ دُنیکِہِن لۄکن ہُنٛد پتاہ'' کیٹرینایہِ وۅنُس اتھٕ گلہٕ ناوِتھ۔ ''بیٚیہٕ تمن کیاہ کھوٚت زِمے دِنی معاوضہٕ؟ یہِ اوس شراب چیتھ تہٕ آوُگربن ہُنٛد بن پڈرن تل لاینہٕ۔ راہ کس کھالو۔ میانہِ ببہٕ بیٚیہِ کمہِ کمایہٕ ہنٛز چھُکھ ژٕ کتھ کران۔ اَمی دیُت نہٕ اَسہِ دۄکھو تہٕ مصیبتو ورأے کہنٛہ۔ اَمی شرأبی چوگرِچ وَسمتھ کُنٛتھ شراب۔ یہِ اوس شرابہٕ خاطرٕ اَسہِ اتھٕ ڈٕلوِتھ پونسہٕ نِوان۔ اَمی کرِمیانی تہٕ شُربن ہنٛز زندگی شرابہٕ باپتھ تباہ تہٕ برباد۔ بہٕ چھس شُکر کران زِ اَمِس چھُ زۄ کھسان۔ اَکھ بلاے گٔژھِ دفع تہٕ بہٕ سنداِرٕ ہا''۔

''محترمہ، سکراتنہِ وقتہٕ گٔژھِ بخشش کرٕنی۔ تِتھی بُرٕ خیال اَزی نہٕ دِلس منٛز تھاوان۔ یِم چھی گوناہِ کبیر''۔

اَتھی ءستی اَس کٹرینا مرنہٕ سرخاندارس تٔژھ تراوان۔ خۄن صاف کران ہُلس عارق ووتھراوان تہٕ شاند شیران تہٕ منٛزی منٛزی اَس جواب دِنہٕ باپتھ پادرِس کُن روخ پھِران پۆزوٗنی کبس پھیرٕ پادرِس کُن تہٕ اُلجس وٕنہٕ۔

''ہے بب! یِمہٕ چھےٚ فقط کتھٕ تہٕ بیٚیہٕ نہٕ کینٛہہ۔! گستأخی معاف اگرے یہِ از گاڈِتل گۄمُت آسہِ ہے نہٕ تیٚلہِ چھیٚیہِ پتاہ یہ آسہِ ہے شراب چیتھ گرٕ آمُت۔ ناٹی باپتھ یوسہٕ گُنی گُرتٕنی چھبس اَتھ آسہٕ ہن گاند کھاٗچھو تہٕ دجہٕ رٕنٛٹھی بناوٕی ءتی۔ پانہٕ آسہِ ہے وِرام ہیۄ مرٕژھِ نبندرِ پیٚومُت تہٕ بہٕ۔ ےٚ آسہِ ہن مالہٕ پھولنس تام اَہندی تہٕ یِمن بچن ہُنٛدِ جند چھلٕنی تہٕ پتہٕ یِم دارِ پیٹھ ہوکھناوٕنی تہٕ نندرِ وۄتھنس تام آسہٕ ہَن یِم ٹیب دِتھ ناٹی تراوٕنی لایکھ بناوٕنی۔ پرٕتھ راٗژ چھبس بہٕ اِی کران آسان...... ژٕ کیاہ چھِہم

بخشائیش کرنچہِ کتھ ونان...... مےٚ ہےَ چھُ اُمِس پٔرتھ کینٛہہ بخشمت"۔

خطرناک خوشک ژاس پننہٕ کِنہٕ ہیچ نہٕ سوکتھ جأری تھأوِتھ۔ ژاسہِ کوٚرنس نہٕ عذاب۔ تمہِ دیُت اُسس رومالہٕ ستی تھوٚپ ژاس ٹھٔہرِتھ تہِ تجُبن رومال اُسہٕ پٮ۪ٹھ تھوٚد۔ تس پھیر بتِھس زردی تہٕ اکھہ اَتھہٕ پلہٕ نووٗن پادرِس کُن یَتھ منٛز رومال اُس تہٕ بیٚیہ اتھہٕ ستی اُس سپنس ژٕبل ژٕبل دِوان۔ رومال اُس خوٗنہٕ ستی بٔرِتھ۔ پادری ترووکلہٕ بوٚن تہٕ زیوِ ستی ووٚنس نہٕ کہنٛی؟

مارمیلا دوف اوس ووٚنی گرِشن تام بڑنزنہٕ ہُنٛد پوٚژھ۔ سہٕ اوس کیٹرینایہِ تھلہِ تھلہِ وُچھان یوسہٕ دُبارٕ أی ہے کُن نمِژ اُس۔ سہٕ اوس پننہِ گرٕ واجنہِ کیاہ تام ونٛنچ کوٗشش کران۔ بڈٕ مشکلی سان اوس زیوِ ہلو ہلو کران تہٕ کیٹرینا ایوانونایہِ کیاہ تام رُکی رُکی ونان یہِ نہٕ صاف پأٹھی بوزُن تگان اوس مگر تمہِ ژیٚٹر زِ سہٕ چھُ تس بخشائیش منگان تہٕ سوٗلجس تأکید کرِتھ ونہٕ......"تلہٕ ساکرتہٕ ووٚنی ژھوٚپہٕ۔ ژےٚ نہٕ ساپھے نہٕ تہٕ وننگ ضرٗرتھے۔ مےٚ توٚر فکرِ ژٕ کیاہ چھکھ وٕنُن یژھان"۔ یتھہٕ پأٹھی گرٕ بمارن ژھوٚپہٕ اُتھی دوران ترأوِ تمی کُٹھس اِوٕر یوٗرِ نظرا تہٕ لتہِ گیس دروازس پٮ۪ٹھ سوٗ نیا نظرِہ۔ کوٚنس کُن ژھایہِ ہلس آسنہٕ کِنہٕ اُس نہٕ تمی سوٗ نیستام وُچھمژ۔

"ہوٚ کوسہٕ چھےٚ۔ ہانہہ..... ہوٚ...... ہوٚ کوسہٕ چھےٚ"؟ سہٕ لوٗگ اچانک پأٹھی سوال کرِتھ دروازس پٮ۪ٹھ اِستادِ کورِ کُن سئی پأٹھی وُچھنہِ تہٕ تھوٚدٕ وُتھنس ہیٚنٛچ کوٗشش کرنہٕ۔

"مو ووتھ تھوٚد۔ روز شونگتھے" کیٹرینایہِ دِیتُنس حکم۔ "پوٚ زتس زن گیہٕ غمی ہیکِتھ پأدٕ تہٕ کھوٗنہٕ وٹن پٮ۪ٹھ روٗ دبہتھ۔ سہٕ روٗد کورِ مدأے گنٛڈِتھ وُچھان اماپز نأوتھ ہیچنہٕ نہٕ کینٛہہ۔ تمی اُس نہٕ سو تھِس لباسس منٛز وُنیستام زانٛہہ تہٕ وُچھمژ۔ مگر رُم کھنٛڈ گوٚھِت پرژنأوی تمی یکدم پٔنٕی کوٗر یوسہٕ پننہِ ذرقہٕ برقہٕ کرٕ وِنہِ پوشاکہٕ تہٕ نیم عُریان آسنہٕ کہِ احساسہٕ شرمندٕ تہٕ روٗزِتھ گأمژ اُس۔ تس اُس واہ وُستھ گأمژ۔ لوٚت پأٹھی اِستادِ

روٗزِتھ اُس مرنہٕ سر مائلس ہتی اٲخری مُلاقات کرنہٕ باپتھ پننہٕ وارِ پراران۔ مار میلادوف گوٚ وسو پرزناوِتھ سٮ۪ٹھاہے پریشان ییمیک اندازٕ تہنٛدِ بتھِ پٮ۪ٹھٕ سپدان اوس۔

"سۄنیا...... میانی کوٗرے مےٚ ہے بَخش زِ" اِی وننان وننان دارِ تمی کورِ کُن دو شوے نِرمگر سہٕ ہیوٚ کنہٕ تووزُن برقرار تھاوِتھ صوفہٕ پٮ۪ٹھ آوٗتھی۔کنی پتھرِس پٮ۪ٹھ وٕکراونہٕ۔ فوراً تُلکھ تھوٚ دِتہٕ تھووٗکھ بیٚیہٕ صوفس پٮ۪ٹھ مگر وٗنی کٔبس اوس تس زوٚکھسان۔ "ہابوٗ" سۄنیایہٕ ژٕج کریکھ نیرِتھ تہٕ شی گٔرِتھ دوریہٕ مائلس نِشہٕ تہٕ روٗمن وچھس ہتی۔ تہٕ کینژس کالس روٗزِتھے پاٹھی بے حس وحرکت یوٚ تام زِ مار میلادوفن دیُت تہنٛزِ کوچھِ منٛزٕ زوٗ۔

"ہاے یہ ہے بَازی دِتھ ژولُم۔ ووٗنی کیاہ کرٕ خودایوٗ" کٹرینایہٕ لاجہِ لیلہٕ کرنہٕ۔ تہٕ پانی پانس ہتی کتھ کرنہٕ۔ "ووٗنی کتہِ انہٕ کفنہٕ تہٕ دفناونہٕ باپتھ پونسہٕ؟ تاون ہاژھُنم ہو۔ شُربن۔کھیو دِمہٕ صبحن خودایو۔ ییم مافاتے مرنم خودایوٗ"۔

رَاسکولنکاف گوٚو کیٹرینایہٕ نکھٕ۔ تہٕ لوٗگ وننہٕ۔ "کیٹرینا ایوانونا۔ پتمہِ ہفتہٕ وٕنی مےٚ چانی خاندارن پننہٕ زندگی ہنٛز ساری داستان ...... یژھ گٔری زِ چون تذکرٕ کوٚر امی سٮ۪ٹھاہے احترامہٕ تہٕ ادبہٕ سان۔ تمہِ دوہٕ شامس ییلہِ مےٚ فکرِ توٗرزِ اُمس اوس پننہٕ کمزوٗری ہُنٛد احساس تہٕ پننہٕ عیالک اوسُس سٮ۪ٹھاہ وَسہٕ تہٕ خاص پاٹھی اٲسہس ژٕ سٮ۪ٹھاہے ٹاٹھ۔ اٲسی بنیایہٕ اَکھ اَکی ہنٛدی دوست ...... ژٕ دِمےٚ اجازت ...... کم کاسہٕ خدمت کرنک ...... یُتھ بوٚ پننس مرحوم یارٕ سُنٛد قرضہٕ نکھٕ وٲلتھ ہیکہٕ۔ رٹ ...... ییم چھی شاید 20 روبل۔ ییم مالگنےٚ کُنہِ بکارتہٕ پتہٕ ...... بوٚ۔ مطلب بوٚ دِمہٕ یوربٮ۪یہٕ نظر ...... بوٚ ییمہٕ ضروٗرٕ دُبارٕ یور۔ شاید مایمہٕ پگہے۔ اچھابیہہ خودالیس حوالہٕ"۔

سہٕ دراو کمرٕ منٛزٕ باَنبرٕ ہوٚت نبرٕ تہٕ لوٗکو منٛزٕ وتھ کڈِتھ لوٗگ ہیرٕ کُن پکنہٕ۔ مگر اَتھی منٛز لوٗگ اٲہنٛدٕ کھوٚنہٕ وٹک دقہٕ نکوڈم فوچس یُس حادثٕچ خبر بوٗزِتھ کینہہ ہدایت دِنہٕ تہٕ پرژھ گاٗر کرنہٕ خاطرٕ بذاتِ خود اور آمُت اوس۔ تھانس منٛز ملاقات سپدنہٕ پتہٕ

اُسی نہٕ یم اَکھ اَکس کُنی پھرِ سمکھے ہٕتی اماپوٚز نِکوڈم فوچس لوٚگ نہٕ رَاسکولِنکاف پرزناونس منٛز اَکھ رُم تہِ۔

''ارے۔رَاسکولِنکاف ژٕ'' نِکوڈم فوچن پرژھنس۔

''اَمی ہسا دیُت امانت'' رَاسکولِنکاف وہٕ تھُس در جواب۔''ڈاکٹر تہٕ پاۂدری چھی گوڈٕ پیٹھے اَتی۔اہنٛز دوکھٕ زدٕنی خاندار بن گٔری زیون نہٕ زیادٕ پریشان۔اَمِس بچارِ چھُ پریشانیٚو مُسلہٕ وولُمُت۔ہرگاہ ممکن سپدی اہنٛز دِل جوٗئی کرنٕچ کوٗشِش گٔری زِ...... ژٕ چھُکھ رحمدل انسان تہِ چھُم معلوٗم ہے......'' ای ونان ونان گٔرنس وُٹھ گُمناوِتھ بتھِس کُن نظراہ۔

''مگر ژٕ ہے چھُکھ رتہٕ چھکوٕ ہتی بٕرِتھ'' نِکوڈم فوچن وہٕنس کم گاشس منٛز تہِ صدرِ پیٹھ کینٛہہ سرتاژٕ رتہٕ داغ وُچھِتھ۔

''اِد کیا......بو ہسا چھُس خوٗنس منٛز غوطہٕ ونہٕ آمُت''۔رَاسکولِنکافن وہٕتس اکہِ خاص ترایہِ۔تمہِ پتہٕ گٔرنس وُٹھ گمناوِتھ سلام تہٕ لوٚگ ہیرِ وسنہِ۔

ہیرِ ووتھ سہٕ زٲنتھ مأنتھ وارِ وارِ۔تس اوس پتھ کھوٚتمُت اماپوٚز پانس اوٚسُس نہٕ امیک خیالے۔وٕنی کٔبس اوس تس اندر زندگی ہُند نوٚوُے جوش ولولہٕ تہٕ قوت پاۂدٕ گوٚمُت۔تیٚچ لٔہر تہنٛدِس دِلس اندر اچانک پاٗٹھی پاۂدٕ گیہِ تس گٔنیوو زندہ روزنُک مارِ موٚت یٖیمہِ کنٛزِ سہٕ وُنی کٔبس سبٕٹھے خوش اوس۔تسنٛز کٔفیت اُس یژٕھے یژٕھ تِمس شخصس آسہِ یُس سزایہِ موتُک حکم میوٗلُمت آسہِ تہٕ اچانک پاٗٹھی معاُفی دِنہٕ ییس۔نصف ہیرِ پیٹھ کوٚرسہٕ پاۂدری پتھ یُس ووٗنی واپس گرٕ دراو۔رَاسکولِنکافن تراوتس اِشارٕ ہتی سلام گٔرِتھ اکہِ انٛدٕ جاے۔رَاسکولِنکاف اوس ووٗنی اَخری ہیرِ پاوٕنٛ پیٹھ ووتمُت زِ تٔتی رِکن گوٚو تس کھنٛدِ تام تیز تیز پکنُک صدا کنن۔یہِ اُس پالیٖیکا تس پتہٕ دوراں تیمی قدم ٹھہراونہٕ باپتھ آلو لوٗیس۔

رَاسکولِنکاف پھیوٚر پتھ کُن تہٕ سو تہِ اُس ووٚنی اُمِس نزدیک وأژمُت تہ رَاسکولِنکافس ہیوٚ رٹھہریہِ اِکھ پوو۔ آنگنہٕ منزٕک کم کاسہٕ گاش اوس ہیرِ ہٕنٛدِ بنٕٛمِین پاوِن پیٹھ تہِ پیوان یُتھ زِ رَاسکولِنکاف ہیوٚک اُمِس شُری سٕنٛد معصوٗم خوٗبصوٗرت بُتھ پرزنأوِتھ معصوٗم پالنیکا اُس تس اَسہٕ وِنہٕ ہوٚنجہِ وُچھان۔ سو آیہٕ رَاسکولِنکافس اَکھ شیچھ وننہٕ باپتھ دوران تہٕ دوان۔ یِمہِ باپتھ سو پانہٕ تہٕ خوش باسان اُس۔

"مےٚ وُنیوٚ توٚہہِ کیاہ چھُ ناو تہٕ روزان کتہِ چھُوٚ"۔ تمہِ ووٚنُس اُکیسے شاہس منز شانشہِ ہٕژ۔

تمی تھأوی پٕنٕنی دوشوے اتھہٕ اُمِس شُری سٕنٛدِن دوٚن پھیکِن پیٹھ تہٕ لوٗگُس وُچھنہِ۔ امہِ سٕتی آوتس اکِہِ قسمُک سرٗور رِہیوٚ۔ پالینکایہِ بُتھس کُن وُچھنہٕ سٕتی پھوجہِ تس بوٗزہِ مگر کیاز؟ تہٕ اوسنہٕ تس پانس معلوٗم۔

"ژٕ کمی سوٗزنکھ؟"

"سوٗنیہِ بیٚنہِ جگرِ" پالنیکایہِ دِتُنس وُٹھ گمنأوِتھ جواب۔

"بُواوُسس زأنِتھ ژٕ آسنکھ سوٗنیاہِنے سوٗزمُژ"۔

"مگر می تہِ سوٗزنس...... یِیلہِ بیٚنہِ جگرژےٚ نشہِ پنہٕ باپتھ ونان اُسم تہٕ می آیہِ مےٚ نکھہٕ تہٕ ووٚنم "ژٕکی گرِژھ پالنیکا"۔

"ژےٚ چھےٚ یابیٚنہِ سوٗنیہِ ٹاٹھ"

"سو چھےٚ مےٚ پرٕتھ اُکی سٕنٛدِ کھوٚتہٕ ٹاٹھ" جواب دِنہٕ وِزِ اُس پالنیکایہِ ہٕنٛدِس بُتھس پیٹھ اکِہِ خاص قسمٕچ سنجیدگی تہٕ وُٹھن پیٹھ اوسُس معنی خیز اُسُن۔

"تہٕ مےٚ کرکھہٕ پسند؟"

جوابہٕ رٕنگی وُچھی تمی امہِ معصوٗم کورِ پلہٕ نووٚ پٕنُن بُتھ تس کُن تہٕ رَاسکولِنکافس اوبَاہ کرنہٕ باپتھ اُسِن وِٹھ اوبَاہ کرنہٕ باپتھ بروٚنٹھ کُن کڈٕمتی۔ اچانک پأٹھی تراوِ تمہِ لوٗرِ کٕٹھی

ہشہِ زأوجہِ نرِ زِ رَاسکولنکافس گرڈنی منز' کلہٕ ترووُنس اکہِ طرفہٕ پھیکِس پٹھ تہٕ لُج لوٚت لوٚت اوش ہارنہِ ......۔

''مےٚ چھُ مأنی سُنٛدِ مرنک سخ دوٚکھ'' وۄنٛنس رژھ کھنج کلہٕ تھوٚ دُتھ بُتھِ پٹھ اتھو ستی اوش وُوتھراوان ووتھراوان۔ ''یہِ چھےٚ سأنی بدقسمتی وونی چھُ خبر کیاہ کیاہ وُچھُن'' تمہِ ووٚنٛنس تتھ پأٹھی زنتہٕ بالغ نفرکتھ کران اوس۔

''مول اوسیہِ ژےٚ رچھان؟''

''سہٕ اوس زیاد لدایہِ رچھان'' سوٚ اُس سَبٹھہے سنجید تہٕ وُٹھن پٹھ اوسُس نہٕ اسنُک اِبشاہ تہِ۔ برابر بأکید نفرن ہُنٛدی پأٹھی۔ ''سہٕ اوس تس زیادہ اوے کنٛی ٹاٹھنیار کران زِ سو چھےٚ کأنسہٕ کُٹ تہٕ شاید اوِ کنٛی تہِ سو چھےٚ ہمیشہٕ بمار آسان۔ سہٕ اوس ہمیشہٕ تس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ڈألی انان۔ مگر تمی ہیچھِ نأوِ أسی پرُن لِکھُن تہٕ بوگرامر تہٕ مذہبی کتابہٕ'' تمہِ ووٚنٛنس فخرٕ سان۔ موج اُس نہٕ زِہنٛ ڈانٹان تِکیازِ تس تہِ اوس اِی پسند یٚیمِک اَسہِ تہِ پتاہ اوس تہٕ مألس تہِ۔ موج چھےٚ مےٚ بیٚیہٕ فرانسیسی پرناوُن یژھان۔ تِکیازِ یہےٚ چھےٚ میانہِ پرنہٕ لِکھنٛچ وأنس''۔

''ژےٚ چھےٚ یہِ دعامنٛگن تگان؟''

''گوٚ ژھُم ناتگن۔ أسی چھِ دُعا دوٚہے منٛگان! اَسہِ اُسی یم تیلہِ کالہِ پٹھے یاد۔ بوٚ چھبس پانے دُعا منٛگان کیازِ وونی چھبس نابوٚ بڈٚ بڈٚ کوٚ رووٚنگو کولیا تہٕ لِڈا اچھِ ماجہ ستی ستی تھدِ تھدِ تی دُعا منٛگان یہِ سو منٛگان چھےٚ۔ گوڈٕ چھِ تم ونان 'سلام یا حضرتِ مریمؑ' تہٕ پتہٕ چھِ دوٚیم دُعا منٛگان 'یا مالک' ۔ سوٚ نیا بینہِ ہُنٛدی گوناہ بخش تہٕ بیٚیہٕ کرتس پٹھ پنٛنی رحمت عطاٗ تہٕ پتہٕ چھِ منٛگان 'سانہِ سردارٕ سأنِس دوٚیمِس مأنی سُنٛدی گوناہ بخش تس کر جنتس منز جاے'۔ کیازِ اَسہِ چھُ گوڈنیک مول موٚ دُمت تہٕ یہِ چھُ سون دوٚیم مول وونی منٛگو أسی اُہنٛدِ باپتھ تہٕ دُعاے خأر''۔

''پالنیکامے چھُ ناو روڈین۔ مژی مژی اَزِ میانہِ باپتھ تہِ دُعا منگان'' تہٕ تس چانٔس حقیر بندٕ روڈین ......یَس ہیٚیہِ تہٕ کھٔژ ......''

''بوروزے چانہِ باپتھ وُمبرِ دُعا منگان''۔ نچہِ لڑکی ووٚنس تتہِ تہٕ متہٕ جذبہٕ سان تہٕ اَسان اَسان آیہِ ہیٚیہِ اُمس نکھٕ تہٕ ترٲونس نرِ ہیٚیہِ اکہِ لٹہِ گردٕنی منز کوٚر کٔرتھ۔

رَاسکولنکافن ووٚن تس پنُن ناو پتاہ تہٕ وادٕ کوٚرنس پگاہ کیُت ہیٚیہِ پننگ۔ سو درلیہِ تیتھٕ پأٹھی وسان وِسان واپس زنتہٕ تمی جود کوٚرنس۔ یٚیمہِ ساتہ رَاسکولنکاف سڑکہِ پیٹھ ووت تمہِ وِزِ آسہٕ داہ پیٹھی بجے مژٕ۔ پانژھ منٹ گژھت اوس سہٕ کدلس پیٹھ تھٕری جایہِ اِستادٕ یتیتھ تمہِ زنانہِ آبس منز ووٹھ دِژٲ یہِ۔

''پرٚتھ کُنہِ چھُ حد آسان'' رَاسکولنکافن ووٚن پوٚختہٕ مزاجی تہٕ سرخوشی ہٕندِس عالمس منز۔ ''واریاہ کال گُزرومے وہمن۔ خیأٔلی دہشت تہٕ جنیاتن ہٕندِس دُنیاہس منز۔ زندگی چھِ اکھ حقیقت تہٕ وٕنی اوسُس نابہٕ اُتھی حقیقی دُنیاہس منز۔ وُنہِ چھبنہٕ میأنی زندگی تس بُجہ ہٕندِس مرنس سٟتی ختم گامژٕ۔ خوداہ کرٕنٕس جنتچ شأہی نصیب۔ ہے بجی ووٚنی تہٕ موٚیکھ ژٕپوٚ زمے دِی ووٚنی امن تہٕ آرام سان زندہ روزنہٕ۔ ووٚنی دِی مے حقیقی دُنیہک مزٕ تہٕ پننہِ خأہشہِ تہٕ پننہِ ہمتُک حض تُلنہٕ۔ خأر ووٚنی وٕ چھو۔ ووٚنی آزماوو کھٕژ موج تولہِ سون تہٕ کھژ موج روف''۔ تمی ووٚن دلیرانہٕ پأٹھی زنتہٕ تأریکی ہٕندِس کُنہِ طاقتس چلیج کران اوس۔ ''تہٕ بوچھس منز اتھس سوٚنب جایہِ ژٕرُس پیٹھ زندہ روزنہٕ باپتھ تیار.....آ''۔

''وٕنی کیٚبس چھُس بوٚ سیٚٹھ کمزور مگر......مے چھُ یقین ووٚنی ژوٚل مے سورُے دود تہٕ دَگ۔ مے اوس پتہٕ بوٚ گژھٕ کمرٕ منزٕ نیرتھے ٹھیک۔ ہنہ.....تہٕ یٚیتہِ پیٹھے پشتنکوفن مکانہٕ گژھتام قدمے دوٗر چھُ۔ مے پزٕ ضرٕ وٕ ووٚنی کیٚبس رَاز ومنہس نشہِ گژھن۔ نکھٕ تل نے آسِہے تیلہِ اُس بیاکھ کتھ...... چلو۔ از دِموتس پنُن شرط زیٚنُنگ موقعہٕ۔ تہٕ دِلس

گرٕ ھبس ستھ ہش مےٚ کوسہٕ فرق پئیہِ امہِ سِتی۔ پتھ گوٚ وقو وتھ۔ پرٕتھ کانٛہہ چھُ قووتھ یرٕھان کیاز زِ قووتہٕ ورأے کیاہ ہٕرٕ رچھُ۔ پوٚز قووتھ پزِ ہمیشہ ہمتہٕ سِتی حاصل کرُن۔ یِمیک نہٕ لوٗکن علمی چھُ"۔ تمی ووٚن فخر تہٕ خود اعتمأدی سان۔ تہٕ لوٚگ قدما قدما پکنہٕ۔

رٕژھ پتہٕ رٕژھ اوس تہنٛز خودسری تہٕ خود اعتمأدی اندر رہر بر سپدان تہٕ سہٕ اوس بڑٕ نزٕ پتہٕ بڑٕ نزٕ اکھ نوٚو نفر بنان۔ تس اندر کمی چیزن کوٚر یِہِ انقلاب پأدِ تہٕ اوس نہٕ سہٕ پانہٕ تہٕ زانان۔ واوٕ ژلنس منز گاسہٕ تُلہٕن تھپ دِنہٕ وألی سٔندی پأٹھی گوٚ تس احساس پأدٕ زِ سہٕ تہٕ ہیکہِ زندہ روٗزِتھ۔ وُنہٕ تہٕ چھِ تہنٛدِ خاطرٕ زندگی باقے تہٕ تس بجہِ سِتی پھےٚ نہٕ تسنٛز زندگی سورپرٕ۔ شاید کوٚر تمی یِہِ فأصلہٕ سبٹھے جلدی منز تہٕ تمیک روٗدِس نہٕ کانٛہہ خیالے۔

"مگر مےٚ ہےٚ تس ووٚن دُعا کرنہٕ وِزِ أسی زِ وونان سہٕ چوٚنٕ حقیر بندٕ روٗڈیا" تس آو منزی خیال۔ "اِد سہٕ ووٚن مےٚ گُنہِ مجبوٗری سببہٕ"۔ یِہِ وٕنتھ ترووٚ تمی پننہٕ شُری خیالن پتھ اُسن کھنگالہٕ۔ وُنی کبس اوس سہٕ مکمل پأٹھی پننہٕ جامن منز۔

رازِ ومنہہن گرٕ ژھارنس منز آونہٕ تس کانٛہہ مشکل۔ پتشنکوف ہٕنٛدِس مکانس منز اوس رازِ ومنہہن نوٗوے کرایہِ دراما پوٚز ووٚنی أسِس سأری زانہٕ لگمتی تہٕ دربانن تہٕ ہاونس فی الفور تہنٛدِ فلیٹچ ہیر۔ نصف ہیرِ پتھ وأتتھ گوٚو تس شور تہٕ اکہِ بجہِ محفلہِ ہنٛدِ گرما گرم بحثچہٕ آواز کنٕن۔ ہیرِ طرفہٕ فلیٹک درواز اوس یلے۔ لہٰذا اوس ہیوٚ رہیوٚ رواتنہٕ کنہٕ کتھ واضح پأٹھی بوٗزِتھ ہکان۔ رازِ ومنہہن سُنٛد کمرٕ اوس سبٹھاہ بوٚڈ۔ اتھ محفلہِ منز أسی نفر پنداہ مرٕ۔ راسکولنکافن کھٕر وٕٹس منزٕ ے قدم ییتتھ اکہِ اندِ پردس پتّی کنہٕ مکانہٕ مألکنہٕ ہنٛدی زِ ملأزِم پرٕژھن ہنٛز خاطرٕ دأری کرنہٕ باپتھ تیأری کران أسی۔ تمن بروٚنٛہہ کنہٕ أسی زِ سماوار۔ واریاہ بوتلہٕ رکابہٕ تہٕ مشک ژھٹہٕ وٕنہِ ضیافرٕ۔ یِم سأری چیزٕ اس مکانہٕ مألکنہِ ہنٛدِ دلنہٕ کُٹھِ منزٕ کھارنہٕ آمتی۔ راسکولنکافن سوٚز رازِ ومنہہنس شیچھ۔ سہٕ آو دوٗرِ راسکولنکافس بروٚنٛہہ کُن۔ گوڈنچی نظرِ تلہٕ اوس فِکرِ تران زِ رازِ ومنہہن چھُ

گُتُل شراب چوٚمُت تہٕ باسان اوس وُنی کیٚبس چھُتس نشہٕ کھوٚتمُت حالانکہِ گرٕ ہے سہُ خبر کوٚتاہ شراب تہِ چیٚیہ ہالتس اوسنہٕ کانٛہہ پھیٚر فرق یوان۔

''بوز سا''۔ رَاسکولنکاف لوٚگُس جلدی جلدی وَنہٕ۔ ''بو آسے فقط یہِ وَنہٕ ز ژےٚ زیوٚنتھ پٔنٕن شرط۔ حق چھُ اِی زِ کانٛہہ اکھاہیکہِ نہٕ وٚنتھ زِتس کیاہ چھُ بروٚنہہ کُن سپدن وول۔ اَند رہیکہٕ نہٕ بوٗ ژٕھےٚ کیا زِ مےٚ چھ وُنی کیٚبس وٚسخان زنتہٕ آوسے ٔتی تہٕ بوٗ ما یمہ پتھر لاینہٕ۔ لہٰذا دِی مےٚ اجازت۔ خوداحافظ۔ ےگاہ ییٚز ضروٗر تہٕ ضروٗر مےٚ نِش۔

''ژےٚ چھُیہِ پتاہ؟ اچھا بوٗ ییٚ ژےٚ گرِ تام ٔستی۔ دپان چھکھنا پتھر مایمہٕ لاینہٕ لہٰذا گژھی......''۔

''مگر پرٛژھن نِشہِ کُس روزی۔ یہِ وَنتم یہِ وانٛکی مَس کٔرِتھ کُس چھُ یُس اَسہِ ٔمن ژٕرِ نظرِ دِوان اوس''۔

''اچھاہ......خوداہ زانان کُس چھُ؟ شاید آسہِ یہِ چیٚچس کانٛہہ دوست۔ نتہٕ چھُم باسان یہِ گژھِ کوٚلل بےٚ سائلی آمُت آسُن......خٲر بوٗ تھاوٕ نےٚ یمن نِشہِ چیٚچہٕ لالہٕ کیاہ ونے میون چیٚچہٕ کوٚتاہ اصل چھُ۔ پزی نیرنہِ تس موٗلے کُنہِ مگر افسوس وُنی کیٚبس ہیٚکتھ نہٕ بہٕ ژٕتس ٔستی ملاقات کرِتھ۔ خٲر تراوٕ کھ پٔژھی کُنتر ہن ٔستی۔ یم دِنہٕ مےٚ برٛنزس تہٕ فراحت۔ مےٚ چھُ پانہٕ وُنی کیٚبس تازٕ ہوٚنگ ضروٗرتھ۔ ژٕ آکھانٛہِ وقس پٔتھ۔ اَکھ زٕ منٹ گژھِ مادِمہٕ ہا بوٗ جامن چاکھ تیٚوت چھِ یم بکواس کران تہٕ بےٚ مطلب چر چر کران۔ سبد بن لفظن منٛز وَنے ژٕ ہبکھ نہٕ انداز ے لگاوِتھ یہنٛدِ بکواسک مطلب کیاہ چھُ اگرے خبر کانٛہ ژٕاہ مغز ماری تہِ کرکھ۔ وُچھ سائسی تہٕ چھی باضے ییٚ ہوٚدِ کتھ کران۔ چلو یموتہِ زن کرِہ......یتھ کنہِ چھُ نا انسان سبق ہیچھان تہٕ بروٚنہہ کُن پرہیز کران۔ ژٕ گری زٕ اَکس منٹس صبر۔ بوٗ لٔہنے اَنٛد رٕ زوٗسی موف نا دِتھ''۔

''زوٗسی موف آو کُنی وونٛے تہٕ لوٚگ ٔسنی پانٛھی تس نبض وُچھنہٕ تِمی ہاوراسکولنکافس

نسبتھ سخت دلچسپی تہٕ پۆرٕ پأٹھی وُچھنہٕ داچھنہٕ پتہٕ لۆگ بیمارس گُن وننہٕ ''ژٕ تراو دباد ب آرام تہٕ راتہٕ خأطرٕ نہٕ کم کاسہٕ دواہ ہتی۔ یہٕ دواہ پھیک چھِ مےٚ أزی تیار کرٕمژ''۔

''کیا زِنہٕ۔ اگرے ژٕ ونان چھُکھ'' رَاسکولنِکافن ووٕننس درجواب تہٕ أتھی ہتی رٕٹن دواہ پۆری۔

''چونے وُنن چھُ ٹھیک زِ ژٕ گرٕ ھکھ أمِس گرِ تام ہتی'' زوٗسی موفن وۄن رَازُومِنہنس۔ ''وُچھن چھُ یگاہ کرٕ ھ آسہِ أمی ہنٛز حالت۔ از چھُنہٕ مےٚ أمِس منٛز کُنہٕ قسمچ خرأبی لبنہٕ یوان۔ باسان چھُ دوپہرٕ پٮ۪ٹھٕ چھُن أمی سٕنٛزِ حالژ منٛز بارٕ تبدیلی ہیٛژ مژ ہنٛز۔ ژٕ رٕوزی زِ تہتی تہٕ خیال تھأوی زِ۔

''چھُیہِ پتاہ۔ یِیلہِ أسی نبر درائے زوٗسی موف کیاہ اوس مےٚ کنس تل ونان؟''

رَازُومِنہن لۆگ رَاسکولنِکافس سٕرٕ کہِ پٮ۪ٹھ وأتھے تتھ کنہٕ وننہٕ زنتہٕ پھٹنس آمُت اوس۔ ''مگر سارے کتھٕ ونے نہٕ کینٛہہ کیا زِ بابا مےٚ ووٗنے یم چھِ مُلہٕ احمق۔ تہٕ یہنٛزٕ کتھٕ کیاہ آسن۔ زوٗسی موفن ووٗنم وتہٕ ژےٚ ہتی دِل مُژ رِتھ کتھٕ کرنہٕ باپتھ یتھ ژٕ تہِ ووٗنہٕ مُژرأوِتھ کتھٕ کرکھ۔ تہٕ پتہٕ چھُ مےٚ تِ زوٗسی موفس وُنن۔ کیا زِ تس چھُ دِماغس منٛز خیال ووتلیومُت زِ ژٕ چھُکھ دیوانہٕ گۆمُت۔ تہٕ نتہٕ چھُکھ عنقریب گژھن وول۔ پۆز یہ چھُ تس محض وہمہٕ کیا زِ گوڈٕ نتھے چھےٚ ژےٚ سونچن بل تہنٛدِ کھۄتہٕ ترےٚ حصہٕ زیادٕ۔ دوہیم یہ زِ اگرے ژٕ دیوانہٕ چھُکھے نہٕ تیلہِ چھےٚ نہٕ ژےٚ اتھ سٕنٛزِ یتھ ؤہیات خیال کتھٕ گۆو تہنٛدِس ذہنس منٛز پأدٕ۔ تہٕ ترییم یہ زِ أمِس موشہٕ گٕڈ سٕنٛز کأم چھےٚ ژٕٹھ کٕٹھ (جرأحی) کرٕنی تہٕ یہ چھُ نفسیأتی بیمارن پٮ۪ٹھ پاگلہٕ ہنٛدی پأٹھی کام کران۔ چھُیہِ پتاہ یہ اندازٕ چھُ تمی تمو کھۄتلہٕ لگومُت یمہٕ ژےٚ ازیمی تافس ہتی کرٕمژ چھبتھ''۔

''گۆوزیمی تافن چھُ تہِ سورُے وونمُت؟''

''بالکل...... تمی کۆر ٹھیک۔ ووٗنی تۆر مےٚ تہٕ فِکرِ دلیل کیا چھِ تہٕ زوٗسی موفس تہٕ

......دراصل چھُ روڈیا...... کتھ چھِ یہ زِ...... مےٚ چھُ ونی کیس رژھانشہٕ......مگراد......

تمہٕ سٟتی کیاہ فرق پیٚیہِ۔ ہنہ...... کتھ چھِ دراصل یہِ زِ یہِ خیال......چھُیہِ تران فکرِ......

یمن احمقن ہُنٛدِس دِمٲغس منٛز اوس یہے خیال مگر کانٛسہِ اُکِس گٔیہ نہٕ ہمت زِ سہٕ اُنہے

زبُو پیٹھ تِکیا زِ یہِ چھُ سَبٹھے بیہوٗدٕ خیال تہٕ خاص کٔرِتھ سہٕ رنگ ساز گرفتار کرنہٕ سٟتی نیٚیے

اصلی حقیقت تہٕ معاملہٕ گوٚو ہمیشہٕ خٲطرٕ ختم۔ مگر بو چھُس سونچان یم کیازِ ایژاہ احمقٲزی

کران؟ مےٚ کٔرتمہٕ وِزِ زیٚمی تافس تہٕ کنہٕ ڈٔر۔ مگر بابا یہِ کتھ چھےٚ ژےٚ تہٕ مےٚ درمیان۔

مہربٲنی کٔرِتھ دِی زِنہٕ باس تہٕ کانٛسہِ زِ ژےٚ چھے یہِ بوٗزمُت۔ یہِ چھُ سَبٹھاہ نوزُک

معاملہٕ۔ یہِ کتھ گٔیہ میانِن کنن لوسی ایوانو نا یہِ ہُنٛد گرِ۔ مگر از......از چھُ سوٗرے معاملہٕ

صاف۔ آب تہٕ الگ تہٕ دودتہِ۔ امِہ کتھِ ہُنٛد اصلی گوڈ چھُ ایلیا پیٹروِچ۔ تمی اوس تھانس

منٛز چانہِ بےٚ خود گژھنہٕ کِنی یہِ اندازٕ لگومُت۔ مگر وونی چھُ اتھ پیٹھ سخ پچھتاوان۔ مےٚ

چھُ معلوٗم زِ......؟۔

رَاسکولنکاف اوس یمہٕ کتھہٕ غورٕ سان بوزان۔ رَازومنہن اوس چوٗنکہِ گٹل

چراب چیومُت اوٚ کِنی اوس سہٕ بےٚ پھُرٕک پٲٹھی کتھہٕ کران۔

''بوٚ گوس بےٚ خود اوٚ کِنی زِ تہٕ اُس جاے تنگ تہٕ دیوارن ہُنٛدِ سرتازٕ رنٛگچہ بدبوے

کِنی اوس دَم گژھان''۔

''چانہِ وضاحت کرنک چھُنہٕ حاجت۔ رنٛگ بدبوٗہٕ ہے یوت اُس نہٕ بلکہِ اوسے

ژےٚ اکِہ ریٚتہٕ پیٹھ تف تہٕ''۔ رَازومنہن دِژِس گوٲہی۔

''مگر سہٕ کوٚتاہ چنجل چھُ وونی گومُت۔ ژٕ کرکھنہٕ پژھ۔ دپان چھُ بوٚ چھُس نہٕ

چانہِ کسہِ برابر تہٕ۔ آہ...... یہِ ونٛس تہٕ چھُ مطلب۔ بابا یو ونے بعضے چھے سہٕ سخ نرم دِل

آسان۔ مگر یُس پھِرُن از ژےٚ پالیس دِی کرسٹلس منٛز تھووتھس تہٕ روزبس ومبرٕ یاد۔

تسے ژےٚ سخ پٲٹھی لرزٕ بہنووتھ۔ تس ہیٚوٲنی دستہٕ پکنہٕ۔ گوڈٕ کرنووتھن تتھ سرساوکی کتھِ

ہٕنٛدِس حقیقتس پٮ۪ٹھ باور تہٕ پتہٕ گرتھ اچانک پاٚٹھۍ ژھوٚپہٕ۔ تہٕ تس توگ نہٕ وۄرُن تہٕ......
تلہٕ ساوۄنۍ وَن تہٕ ژٕ ے تہٕ اوسے ناتِ مطلب؟ چون طریقہٕ اوس پرٕتھ لحاظہٕ مکمل۔ سہ
گوٚو بچارٕ خجل۔ سہ رُوٗ دنہٕ ووٚنۍ دوٚن پوٗنسن ہُنٛد۔ یہے گیہِ لُقماٗنی۔ یِم کوٗلل چھِ اَتھ
لایق۔ پھیران چھُم بو اوسُس نہٕ تتہِ نِس۔ تس اَس یہِ ووٚمید زِ سہ مٕنٛدٕ چھاوِہی ژٕ ے
تتہِ۔ خاٗر ووٚنۍ چھُ پرا فری ژٕ ے ستۍ ملاقات کرُن یژھان۔

''اچھا...... سہ تہِ...... مگر تمو کتھ سنا بناہَس پٮ۪ٹھ چھُس بو پاگلن ستۍ شُمار
کوٚرمُت''۔

''ہیا کمی ساوۄنۍ ژٕ ے پاگل...... مےٚ آسہٕ شاید تژھ کانٛہہ کتھ وٗنۍ مژٕ بایا۔ بو
چھُسے نشس منٛز آسنہٕ کنٛہ بکواس کران۔ بوزٕ بو ونے تِمس سپُد اِکنٛہ خدشہٕ زِ ژٕ ے چھے
فقطہ بچہِ ہٕنٛدِ قتلہٕ کِس موضوٗعس ستۍ اوت دلچسپی باسان۔ اماپوٚز ووٚنۍ درایہِ ساٗری
حالات مدنظر تھاٗوِتھ کتھِ پھُٹ زِ ژٕ ے کیازِ آسے اَتھ منٛز دلچسپی باسان...... بیٚیہ کیازِ
اوسُکھ ژٕ سانو تمو کتھوٚ ستۍ ناراض گژھان تہٕ امہِ ستۍ کیازِ پیوٚ چاٗنِس صحتس پٮ۪ٹھ اثر
...... بایا...... نشس منٛز چھُس بو خبر کیا کیا ونان۔ ژھُنس بلاے۔ تِمس چھِ پٔنٕنۍ خیال
ووتھان۔ ووٚنگو بو ونے سہ چھُ نفسیاٗتی بیمار بن ہُنٛد چھان ہیٚن کرنہٕ باپتھ دیولہٕ
گوٚمُت۔ یہٕ ژٕ ے تِہنٛد دِلس لگی''۔

اَڈِس منٹس رُوٗ دی دوشوے ژھوٚپہ کرِتھ۔

''بوز سا رَازوٗمنہن'' رَاسکولنکاٗفن ہیٚوتنس وَنُن۔ ''بو چھُس ژٕ ے صاف
صاف وَنُن یژھان۔ بو آس وُنۍ اکہِ مرگہٕ وانہٕ پٮ۪ٹھ۔ اکھ کلرک اوس سُے گوٚو یِمہٕ
عالمہٕ۔ مےٚ دِتۍ ساٗری پوٗنسہٕ تِہنٛد بن گرِ کبن۔ تہٕ امہِ علاوٕ گرمےٚ تتہِ اَکی موٗنی ہرگاہ بو
قاتِل آسہٕ ہاتیلہِ وُچھ ہانہٕ تس تہِ پتھ برونٹھ...... حقیقت چھِ اِی زِ مےٚ وُچھ تتہِ بیاکھ
نفراتہِ...... تیمی ہنٛدِس کلس پٮ۪ٹھ رنگ برنگی تر یو ستۍ سجاونہٕ آمژٕ ٹوٗپ اَس...... مگر بو

لۆگُس وۆنی بکواس کرنہٕ۔ دراصل چھُس بو سخ لاغر۔ وولہٕ...... وولہٕ کرمےٚ تھف۔

کھس سیٹھ ڈُے ہیرِ۔

''ژےٚ کیاہ دلیل سپزِ ے۔ کیاہ ساۂ لیل'' رَازِ ونہن لۆگُس پریشان گژھت

پرژھنہٕ۔

''مےٚ چھُ کلس گیوٗ رِہیوٗ یوان۔ مگر کتھ چھےٚ نہٕ دراصل تہٕ۔ بوٗ چھُس تیوٗ تاہ

وُداسی۔ تیوٗ تاہ غمگین...... یوٗ تاےٚ سہارِ زنانہٕ آسان چھِ۔ ہے......ہُتہِ کیاہ سہ یہٕ؟

وُچھی سا۔ نظر دِسا''۔

''کتہِ کیاہ چھُ؟''

''ژِ چھکھنا وُچھان میأنس کمرس منزٕ چھُ گاش دزان۔ وُچھتھ؟۔ درواز

کھریٚپہ کٔنی چھُنا بوزنہٕ یواں......''

تم دوشوے آسی اوٗ تام آخری براندٕ پأوِس پیٹھ وأتمتی۔ییمیک ہیرِیم سطح مکانہٕ

مألکبنہٕ ہٕنذِ کمرٕکس دروازس برابر اوس تہٕ لتہِ پیٹھٕ اوس پزی برأری کأنی پیٹھ

رَاسکولنکا فنہٕ کُٹھِ منزٕ گاش بوزنہٕ یوان۔

''تعجب چھُ۔ شاید ما آسہِ نستاسیہٕ'' رَازِ ونہن لگو وانداز۔

''مگر وُنی کبس بأگی چھےٚ نہٕ سو زانہہ میأنس کُٹھس منزٕ اژان۔ سو گژھِ کرتام

شوٗنچہِ آسنی...... خأر کینہہ پرواے چھُنہٕ نیرٕ ژِ کور مکھ خوداِیس حوالہٕ''۔

''مطلب؟ ہنہ...... بوٗ آس یورٕ ژےٚ ستی تہٕ۔ بوٗ اژٕ برابر ژےٚ ستی اندرتہٕ''۔

''چون وَنُن چھُ صحیح...... اماپوٗ زبوٗ چھُس ییتی تھے ژےٚ ستی اتھواس کرُن یژھان

تہٕ ژٕ رخصت کرُن یژھان۔ لہٰذا اپلنا واتھ۔ خوداہ حأفظ''۔

''رٕکھنی نہٕ...... اِد سا یکھ مےٚ ستی۔ گواہ روز کھ ژٕ ے''۔ تم لگی ہیرِ کھسنہِ تہٕ

رَازِ ونہس آو خیال زِ...... زوٗسی موفِن وَنُن چھُ پوٗ زُے أخرتہٕ......''۔

''آ۔دراصل کوٚرمےٚ یہِ بک بک کرنہٕ ستی پریشان''۔رازؤ منہن وۄن پانس ستی۔

ییٚلہِ تمہِ کُٹھ کِس برس نکھہٕ وأتی تمن گیہِ کتھہٕ کنن۔

''چھِہ کم سناتہِ؟''رازؤ منہنس ژٕج کرٕ کھ نیرتھ۔

رَاسکولنکاف دژاو برونٹھ تہٕ کُنی کشہِ مژروۄن درواز، مگر سُہ گوٚو دروازس پتھے رٕ زِتھ۔صمٚ بکمٚ۔

اَتہِ اُس تسٕنز موج تہٕ بیٚنہِ صوفس پٹھ بہتھ یمہٕ ڈۄ ڈگنٹہٕ پیٹھٕ پژاران آسہٕ۔مگر تمِس کیاز رٕ زنہٕ کانٛہہ کل تمِ کوٚرنا خیال تہِ حالانکہِ تس ہے راتھے بیٚیہِ اُسی شیٚچھ ونہٕ آمژ۔ زِ تمہٕ ماجہِ کورِچھے راتھ گرِ درامژٕ تہٕ یور چھےٚ واتن واجنہٕ۔تموٚ اُسی اتھ ڈوڈس گنٹس نستا سیہس تتھی خبرٕ کتی سوال پرژٕ ہمتی۔سوٚ اُس وُنہِ تہِ یمن برونٹھ کنہِ اِستادٕ رٕ زِتھ تہٕ اوٚ تام اُسکھ ساأری دٕلیل وٕنمژ۔تمہٕ آسہٕ سخ گابریمژ یہِ بوٗ زِتھ زِ رَاسکولنکاف اوس کانٛہہ تتھے کنہِ ''ژول''، خاص پاٹھی ییٚلہِ تموٚ بوٗزمُت اوس سُہ چھُ بےٚ ہوش گژھان۔تمہٕ آسہٕ ہتھ ہتھ پادٕ ستھ گژھان۔

''خودایا تس کیاہ آسہٕ بنیو مُت؟''تمہٕ دوشوے آسہٕ سونچان تہٕ ودان تہٕ اَتھ ڈوڈس گنٹس کوٚرُن پریشانیوٚ ستی یمن دوشونی کلہٕ دود۔

تتھے رَاسکولنکاف برس پٹھ بوٗ دگوٚو تمن دوشونی ژٕج کرِکھ نیرِتھ۔یوسہٕ خوشی تہٕ حأرتگ مِلہٕ مشہٕ اِظہار اوس۔تمہٕ دورٕ یہٕ دوشوے سہٕ نالہٕ متہٕ رٹنہٕ باپتھ مگر سُہ رٕ د برابر بُت ہیوٚ ووٕدنی۔تس زن پیٚیہِ ناگہأنی ترٛٹھ۔تس گوٚو یکدم پننہٕ غلطی ہُند احساس۔ تمِ تُجے نہٕ نرِ تھوٚ دتمہٕ نالہٕ متہِ رٹنہٕ باپتھ کیازِ تس سپُد نہٕ تمیُک جُرعت۔اما ماجہِ تہٕ بیٚنہٕ روٹ وچھس ستھہٕ۔موٚنہِ تہٕ میٹھی کرِ ہس۔اوٚ سُکھ تہِ تہٕ اماوٚ دُکھ تہِ۔تمِ کوٚڈ اَکھ قدم۔گیرٕ دقہٕ آس تہٕ آوکراپھ گرِ تھ پتھر لاینہٕ۔تہٕ گوٚو بےٚ ہوش۔

فِکر تہٕ پریشأنی۔نالہٕ ژأری تہٕ پُر تشویش کرٕ بکہٕ کربکہِ ہُند عالم......رازؤ منہن

یُس وُنہٕ نبرٕ گٔنی اوس ژاو فی الفور کٕھس اندر تہٕ رَاسکولِنکاف ٹُلن پٔننِن وُژھوار مژھن پٔٹھ تھوٚد تہٕ تروٗون صوفس پٔٹھ۔

''أمِس چھُنہٕ کہنی پرواے۔ تُہہِ مہٕ گابریوی'' سہٕ لوٚگ أہنزِ ماجہِ تہٕ بیٚنہِ تسلاہ دِنہٕ۔ ''دَبن ہیوٗ گوٚو۔ یہِ چھُ معموٗلی معاملہٕ۔ وُنی اوس ڈاکٹر صأب ونان یہِ چھُ واریاہ ٹھیکوٗمُت۔ تمِ ووٗن یہِ چھُ بالکل ٹھیک۔ تریشِ دامادِ مہوس۔ وُچھیو ہیوٗتن ییٚہ پھیرُن۔ یہِ گژھِ وُنی ییٚہِ ٹھیک''۔ تہٕ دوٗنیاہس گٔرن نرِ یژھ محکم تھپ زِ تس بچارِ انیٚین زٔری مُلہٕ کڈِتھ۔ تہٕ نرِ لمتھ نوٚمرأوِن سو بوٚن گٔن یہِ وُچھنہٕ باپتھ زِ۔۔۔ ''بأے لالہٕ چھُس ییٚہِ حسبہٕ پھیران''۔

دوشوے ماجہِ کورِ لجہِ تس تتہِ تہٕ متہِ جذبہٕ تہٕ احسانمند نظرو وُچھنہٕ کیازِ سہٕ اوس تہندِ خیالہٕ قو درتن ضرٕ رتکہِ وقتہٕ حضرتہٕ ہاتھی بٔنتھ سوٗزمُت۔

نستاسیہ اوس تمن ووٗنمُت پٔتمہِ پھرِ ییٚلہِ روٗڈیا بمار گوٚو تمہِ وِزِہ کأژاہ خدمت اُس تس أمی گٔرمٕژ۔ تہٕ یتِھ پأٹھی ییٚلہِ تمو پانہٕ وُچھ رَاسکولِنکافنہٕ ماجہِ پلشیر یایہ ووٗن دوٗنیہِ ہس ستی کتھ کتھ کران ''لاسہٕ نأوِنس۔ کوٚتاہ ہمتہٕ وول تہٕ حوصلہٕ منٛد لڑکہٕ چھُ یہِ''۔



ل اَتھ منٛز چھےٚ گتہٕ رینٛز شال آلوی آلوی گتھ دِوان۔

# باب ترٛےٚ

## (۱)

رَاسکولنکاف ووتھ تہٕ بیوٚٹھ صوفس پیٹھ ۔ تٕمی کوٚر زنتہٕ مورِ دٕ پأٹھی اتھ ہلاوِتھ رَازومِنہس اِشارٕ زِ تانٛتھ مِتہٕ زٕ ٹھہراوتہٕ کیازِ سہٕ اوس لگاتار تہنٛزِ ماجہِ تہٕ بیٚنہِ تمہٕ کتھِ وٕنی وٕنی تسلاہ دِوان یمن رَاسکولنکافس پانہٕ وأنی کانٛہہ ربطے باسیونہٕ ۔ تہٕ ییٚتی کٔرن ماجہِ تہٕ بیٚنہِ ہنٛدِ بن اتھن تھپھ تہٕ منٹس دون منٹن لوٚگ زبومٕرٕ راونہٕ ورأیی یمن دوشوٕنی اکہِ اکہِ مُدعاے گنٛڈتھ وُچھنہِ ۔ تہنٛزِ ماجہِ گوٚو نچوِی سنٛدِ تھکی آثار وُچھِت لرزٕ پأدٕ ۔ رَاسکولنکافنس بتھِس پیٹھ اَسی ناقابلِ برداشت دادِ چِہ تلخی ییٚتی ییٚتی تقریباً پورٕ پأٹھی پاگل گرٛھنکی آثار لبنہٕ یوان ۔ پلشیر یالاج اولادٕ سٕنٛدِ دادِنالہٕ زأری کرٕنی ۔ اَود و تیار ومانو نابہِ پھیری لیڈرٕ ژھٹ بتھِس ۔ تسنٛد اتھٕ اوس بأے سٕنٛدِس اتھس منٛز نٹان ۔

"توٚہی گرٛھیو...... ہمس ییٚتی ڈیرِس ہیٚتھ" رَازومِنہس کٔن اشارٕ کٔرِتھ وون تٕمی بیگرِ آوازِ منٛز ۔ "دیوٚ صبحس تام اجازت ۔ خوداہ حافِظ ۔ صبحنس کروسارے کتھ...... یور وأتِتس کوٚتاہ کال گوٚو" ۔

"شامنس بأگی وأتی ۔ میانہِ گوٚبرٕ" پلشیر یاوٕ ژھس درجواب ۔ "سانو اعمالو وأژ ریل گاڑی ژیری ۔ مگر روڈیا ۔ یوٚ گرٛھے نہٕ کنہٕ تہٕ جایہِ ژٕ گنے زون ترٛ آدِتھ ۔ اَز راتس روزے یو وونی ییٚتی ۔ یورٹھ پینٛس وچھس ییٚتی......؟

"تلےمہٕ دِمےٚ ایزا" ناراضگی ہنٛد اظہار کٔرِتھ ووٕنس تٕمی ۔

"یورِوزٕ اَمِس نِشہِ" رَازومِنہن ووٕنکھ ۔ یوترِاون نہٕ یہِ برقرِس تہٕ ۔ ترأیوٚ کھ

پۆشی میأنۍ کُنتر ہن ٚستی ۔ تلہٕ پیٹھے گنڈنکھ رٕتھہ توٗری ۔ بہٕ چھُس تتھی خوش۔ تگرِتھ چیٚچہِ ہے أتۍ چھُ ۔ سہٕ سنبالہِ تمن پانے"۔

"کمہٕ زبِ ۔ کتھِ پأٹھی کرِ بہٕ چون شُکریہ ادا"۔ پلشیر یا ایلکزنڈرونأنۍ رازدٕ منہن ئنڈس اتھس دُبارٕ چیر دِتھ وٕنہٕ امارَ اسکولنکا فن ژٔٹ بیٚیہِ تہنز گتھ۔

"مےٚ گژھِنہٕ یہِ برداشت ،بہٕ ہیکہٕ نہٕ یتھِ پأٹھی آرام کرِتھ"۔ تمۍ وۄن بمہٕ تزکرأوِتھ۔ "متہٕ کری توم پریشان ۔ یہِ گوٚو حد۔ نیرِ یوٗتھی۔ مےٚ چھُ نہٕ یوٗت برداشت"۔

"ممی ...... پکی ووٚنۍ نیری توتہِ منٹس کھنڈس کمرِ منز نبر"۔ دۆنیاوٕ ژھ ترٛ ہرِتھ لوٚتۍ ماجہِ کُن ۔ "سانہِ ٚستی چھُ أمس تکلیف واتان۔ ژےٚ کونہٕ چھے فِکرِ تران"۔

"ہتے ترٛ یہِ وٕہری تہِ وُچھس ناپوٗرِ پأٹھی بُتھ"۔ پلشیر یایہِ ووٚننس ودان ودان تہٕ لجہِ نیرنہٕ۔

"ٹھہرِ وٕ" رَ اسکولنکا فن لویکھ پوٚت آلو۔ "تُہی چھِوٕ منز کتھِ کرنہٕ ٚستی ہوشہِ ڈالان...... مےٚ چھُنہٕ یادِ ے پتہٕ روزان وُنۍ کیا چھُم ...... لُذہن وُوچھونہٕ تو ہہِ؟"

"نا گو براہ ووٚنگو سانہِ یور واتنُک چھُس پتاہ۔ ووٚنگو بوزان أسی گوبرٕ سہٕ چھُ از ژےٚ نِشہِ تہِ آمُت ۔ کوٗتاہ رُت چھُ" پلشیر یایہِ وٕنۍ أخری لفظ کھوٚژی کھوٚژی۔

"آ ...... بڈٕ منتھ تھأونم ...... دوٚنیا۔ مےٚ چھُ لذہن وعدِ کوٚر مُت بوٗژٕھنن سہٕ ہیرِ ڈُلہٕ کولل۔ ٚستی ووٚنمس گژھ جہنم کِس ژٔ کِس تل کولہٕ ......"۔

"روڈیا۔ یہِ کیاہ چھُکھ ژٔ بکان۔ ژٔ چھُکھا یہِ پزی ونان۔ أخر ژٔ کونا اَسہِ ......" پلشیر یایہِ ہیٚژ وپریشان گژھِت کیاہ تام وُنۍ مگر کورِ ئنڈِس بتھِس کُن نظر ترأوِتھ کھیٚین أتی کتھ۔

اودوتیا أس غورِ سان بأیس کُن وُچھان تہٕ پراران تہنزِ زبو کیاہ نیرِ بیٚیہِ۔

لُذ ہنس ستۍ رَاسکولِنکا فنہٕ لڑایہ متعلق اوس دوشوی بۆ زمُت نستا سیس نشہٕ۔ یہِ کینژاہ تس فِکرِ توٚ رمُت اوس تہٕ اوسنکھ ہِنٛز کٕنز سورُے ووٚنمُت ییمہٕ کٕنز تمہٕ دوشوے زبردست پریشانِ حال گژھت تذبذبکس عالمس منٛز ہیٚنہٕ آمژ آسہٕ۔

"دۆنیا" رَاسکولِنکا فن تھأوسبٹھاہ کوٗشش کٔرتھ کتھ جاۓری۔ "بوچھس نہٕ یژھان تس ستۍ چون خاندر کرُن۔ لہٰذا کٔرتھ چھُ صبحس اولین فرصژ منٛز لُذ ہنس انکار کرُن۔ یُتھ زن دُبارٕ توٚ ہند ناوکنن گژھِ نہٕ"۔

"خدایا سہل" پلشیر یأئژ اتھ موٚرنہٕ۔

"ہے بابا۔ ژٕ سونچ ہیٚیہ اکہٕ پھرِ ژٕ ونان کیاہ چھُکھ!" اودوتیایہ ہیٚوت شرارتہٕ ہٕژ وٚنُن مگر ستۍ ژٲپن شرارت تہٕ لٔج نرمی سان بأیس وٕننہٕ۔ "ژٕ چھُکھ شاید تھوٚ کمُت۔ وُنی کبس پزی ژے آرام کرُن"۔

"ژٕ ما چھُکھ زانان۔ مےٚ چھُنہٕ ہوشی برابر۔ نہ۔ ترِٛژھ کتھ چھےٚ نہٕ...... مےٚ چھُ پتاہ ژٕ چھُکھ لُذ ہنس ستۍ میانہٕ مجبوٗری کٕنز خاندر کران۔ مےٚ چھےٚ نہٕ چأنی یہ قوربأنی ضروٗرتھ۔ مےٚ چھُنہٕ ہرگز تہٕ امیک حاجت۔ لہٰذا لکھ گاش پھوٚلنہٕ برونہے چِٹھی تہٕ تتھ منٛز کرتس ستۍ خانُدر کرنہٕ نشہٕ صاف صاف نکار......سو چِٹھی گژھِ یہ صُبحنس سُلی پژُن یُتھ سو چِٹھی تمِس بتھس لأیتھ یہ کتھ أتی ختم سپدِ"۔

"مگر میانہٕ ذٕسی ہیکِہ نہٕ تہٕ سپدِتھ۔" دۆنیاہن ووٚننس شرارتہٕ ہٕژ۔ "ہیٚیہ ژے کُس حق چھےٚ زِ......"۔

\دۆنیا ژٕ تہٕ چھُکھ توٚت کھیٚوان۔ کری دَم بوز و صُبحنس ......ژے چھےٚ نابوزنہٕ یوان"...... ماجہ ووٕننس ڈبکہٕ ژٕ کرأوِتھ۔ "ووتھ بہتر گوٚ ووٗنی کبس نبرٕ ے نیرُن!"۔

"دراصل چھُنہٕ وُنی کبس یہ پٔننی جامن منٛز"۔ رَازومنہنن ووٕننکھ۔ "نتہٕ کتہٕ لنہٕ ہے یہ ستھ کلہٕ تہٕ توہہ کرہے واد۔ وُچھتو پگاہ آسہٕ طوطہٕ سُندی پأٹھی کتھ کران......

ووٚنگوٕ یتھ کتھِ پھرنہٕ بوٚ گوٚل اُمی کوٚ ڈسہٕ اَزیٚیتہٕ پزٕی پاٗٹھی کھکھرِ۔ تہٕ لُذہٕنس کھوٚت کنہٕ پھیٚرن تام نار...... دراصل اوس سہٕ اسہٕ پیٹھ پننہِ عٔلی مُک دلہٕ تراوُن یژھان تہٕ لاجیٚین زیٚچھِ زیٚچھ کتھٕ کرنہِ۔ مگریٚیتہٕ دراو خجل گژھِت"۔

"گوٚ وتیلہِ چھُ یہِ پوٚزٕے" پلشیر یایہٕ ژٔج کرٕ یکھ نیرتھ۔ "بابا۔ بیٚیہ تیلہِ صحبنس تام خوٚ دالیس حوالہٕ" دُنیا ہن ووٕنس دردِ ہٕژ آوازِ منز۔ "موجی پکی تیلہِ نیرو ......اچھا روڈیا خُدا حافظ"۔

"توٚ ریہ ژٕے فِکرِ دُنیا" رَاسکولنکافن یتھُے تم نیران وُچھی تٔمی دیُت پننہِ کتھِ پٔیہِ پھیُر"۔ بیٚنِ ......بوٚ چھُس نہٕ ہوشہِ ڈولمُت"۔ سہٕ اوس تھدِ تھد کتھٕ کرنچ کوٗشش کران ...... "یہِ بیٚنہِ وول آسہِ بدنامی تہٕ ذلت۔ مے وَن تہٕ ژٕ وحشی جانورِی مگر ژٕے دِمے نہٕ تس ستی ......امہِ چانہِ اکہِ قدمہٕ ستی گژھِ میأنی زندگی...... بیٚیہ تکرِتھ اگرے بوٚ وحشی تہٕ چھُس ہاشوکلا یژھِ لڑکیہِ وننہٕ بہٕ بیٚنہِ۔ ووٕنی وَن ژٕے۔ ژٕے چھیا میون ضرٗورت کِنہٕ لُذہن سُند۔ اِدکیاہ نیرِو......"۔

"ژٕے نَے رژھ تہٕ چھُے دِمباغ کأم کران۔ شہزادِ سِندی پاٗٹھی گتھ چھُکھ حکم دِوان، ہمراز وٕمنہمن کوٚرنس گرٕ اڈ۔ مگر رَاسکولنکافن ووٕنس نہٕ درجواب کہنٕی شاید ما اُسس نہٕ جواب دِنس سوٚنب توٚ ژھ تہِ۔ تٔمی دیُت صوفس پیٹھ درازتہٕ پھیوٚرلہِ گن۔ تس اوس زان ٹوٚ کہٕ سوٚر گوٚمُت۔ اودوتیایہِ ترٛٲو رَاز وٕمنہمنس لولہِ برٕ ژنظرہ۔ تٔہنزٕ سوٚر مٔلی پرٛیہ ژٕنہٕ اَچھ لجہِ شولنہِ۔ رَاز وٕمنہمن تہٕ دُوورِ تٔہنزِ نظرِ ہٕندِس کرٕج کشس وُٹھ گمنأوِتھ پٔتن سپنہٕ۔

پلشیر یا اُسی حأرتن پیأمژٕ اُتی ووٚدنہِ۔

"بوٚ نیرنہٕ وُنی کیٚس یتیتھ گنہِ تہٕ صوٗرتس منز" تمہِ ووٚن پریشان حألی اندر رَاز وٕمنہمنس کنس تل۔ "بوٚ کرِیتی یتھ رتتھ راتس گذارِ ......نیرٕ ژٕ گژھ دُنیایہِ گرتام ستی۔

''ژٕ اَنکھ ساری سے گُھر'' رَاز وٕ منہن وۄنُس اَمی آیہِ کنس تل۔ ''ژٕ ہیٚیے صبرس کاٗم۔ خاٗرٕ ولیٚو نبر ہیرِ پتھ کرو کتھ۔نستاسیہ ژٕہاوپاری گاش۔ بوچھسے وثوقہٕ سان ونان'' ہیرِ پتھ واتتھ لۄگ سہٕ لۄت لۄتے وٕننہِ۔ ''از دگرس تھوواٗمی ڈاکٹرس تہٕ مےٚ ماردینٕے یوت باقے۔ تۄ ریہِ فکرِ۔ پتہٕ ترٲوی ڈاکٹرنے یہِ ذٔلِ زِ تہٕ ہتھیار تہٕ ژول اوٚ موجب زِ رَاسکولِنکاف گوٚ ژھنہٕ شرارتس زیادٕ یُن لاینہٕ۔ بو بیوٚ ٹُھس بٔمس ہیرِ پاٗیس پتھ اٗمس پھرِ دِنہِ اماٗمی لاگی فی الفور پلو تہٕ ژول کُنیے ووٹہٕ۔ ووٚنی ہر گاہ یہِ تہٕ زیادٕ وولہٕ ناویوٚن یہِ ژٕلہِ بیٚیہِ۔ پتہٕ چھےٚ روٚتُل۔ خوداہ مہٕ گرِنی یہِ کرِ ضروٗر پانس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ......''۔

''خوداہ رٔچھی نس۔ یہِ کیاہ چھِہم ونان'' تہنٛزِ ماجہِ ژٔجی کرٛ ریکھ نیرتھ۔

''بیٚا کھ کتھ چھےٚ زِ اوودوتیا ہیکِہ نہٕ تِتھس ڈیرس پتھ ژیٚنے روس کُنے ژٔنی روٗزِتھ۔ تۄ ریہِ فکرِ؟ ژےٚ کیاہ چھےٚ پتاہ تُہی کتہِ چھوٗٹھہرِتھ۔ گوڈٕ تس بدماشس کو سہٕ جاے آیہِ تُہنٛدِ روزنہٕ باپتھ پسند۔ اُف مےٚ کیاہ سہٕ چھُ از دام کھنٛڈ زیادٕ پہن چیٚومُت اوٚسبہٕ ژوٗلم برٕ لفظ زبونیرِتھ...... تۄ ریہِ فکرِ...... خُدارا بخش زِ''۔

''نہ ساتہٕ بو گژھہ یمہِ مکانچہِ مالکِ کیٚنہ سمکھنہِ'' پلشیر یاروٗ زپنہِ کتھِ پتھ ڈٲتھ تہٕ ووٚننس بو پیمہٕ تس پادن۔ بو کرس زارِ پارٕ بو منگہٕ تس از راتھ پھرِ خاطرٕ دوٗنینہِ تہٕ پننہِ باپتھ پیٚتی جایہِ رژھ کھنٛڈ۔ بو ہیکن نہٕ پنٛن اَچھی گاش یتھ حالتس منٛز ترٲوِتھ۔ بو ہیکہٕ نہٕ تِگرِتھ''۔ تِم اَسی یمہٕ کتھِ وٕتس اندر مالکِ کیٚنہِ ہٕنٛدِس کمرس نبرٕ گٔنی کران۔ ''نستاسیہ اَسی تِمن نِشہِ قدما دوٗرِ ے روٗزِتھ لالٹین اتھس کیتھ رٔٹتھ۔ رَاز وٕ منہن اوس وُنی کبس پرٕنہٕ پتھی خوش۔ اوڈ گنٹہٕ بروٚنٛہہ ییلہِ سہٕ رَاسکولِنکافس گرِ گن پکناوان اوس تمہِ وِزِ تہِ اوس سہٕ سخ آب منٛدان مگر پانس تہِ اوسُس تمیک پوٗرٕ ظوٚن۔ حالانکہِ چیٚومُت تہِ اوسُن سیٹھاہ، پوٚزٕ نشہِ اوسُس نہٕ کینٛہہ کھوٚتمُت۔ مگر وُنی کبس زن اوس سہٕ وُجدس اندر تہٕ یہِ کینٛہواہ تِمی چیٚومُت اوس تہِ اوس زن ڈٲتشکی پٲٹھی سوٗرے تس کلس

کھوتمت تہٕ خمارن اوسُس دِماغس ڈولمُت۔ سہٕ اوس یمن دوٚن ماجہِ کورِ بن ہُنٛدی اتھ پٮ۪ٹھن دوٚن اتھن منٛز ٹھ یمن ڈیرچھِ حیرت انگیز خرابیہِ بوزناوان۔ تہٕ لفظ زیوٚ کڈن وِزِ اوس سہٕ شاید پننس بیانس پٮ۪ٹھ زور دِنہٕ باپتھ یمن دوشوٚنی ہُنٛدی اتھ چیران۔ تمن آسہٕ کریکہٕ ژلان نیرِتھ۔ تمہٕ آسہٕ باضے تہنٛد بوٗ اُڈجہِ ترٛنگری ہویا اتھو منٛز لٕمتھ پٮ۪نٛی اتھ موکلاوان مگر معاملہٕ سمجنہٕ بجایہ اوس سہٕ پُشہٕ تمن درسہٕ دِتھ پانس ستی انان۔ شائستگی ہُنٛد خیال اوٚک طرف ترٲوِتھ اوس سہٕ دُنیا ہس مُدأے گنٛڈِتھ وُچھان۔ اگرے تمہٕ امہٕ وِزِ تس ہیر بوٚن کلہٕ کنٛی وۄتھ دِنی وِنہٕ ہن سہٕ پھرِ ہے نہٕ گردن تہٕ سونچنہٕ کرنہٕ ورأے کرِ ہے تعمیل۔ بہرحال یوٚ دوے پلشیر یایہِ ژیٛٹر زِ تہٕنٛدِس نیچوِ سُنٛد یار چھُ روومُت تہٕ چیر دِی دِی تُجن اتھن دَگ امانچوِ سُنٛدی حالتن اُس سو بے حال گرمژ تہٕ تتھِس موقعس پٮ۪ٹھ اُس تس رَازو منہن سٮ۪نٛز موجوٗدگی خدأیی عنایت باسان۔ لہٰذا اُس سو تسٛنز وٕکھو حرکژ وُچھِتھ گوٚشے دِوان۔ اَدو تیایہِ تہٕ اُس نہٕ بأے سٮ۪نٛز کینٛہہ کم فِکر پوٚ زبُز دِل اُس نہٕ۔ تمہٕ ژیٛٹر رَازو منہن سٮ۪نٛزن زوتہٕ وِنہن نظرن ہُنٛد مطلب یہ ژُپ زِ تہٕ گابرے یہ تہٕ۔ اگرے نستاسیہن تس آسہِ ہے نہٕ بہنوومُت زِ رَازو منہن تہٕ رَاسکولن کاف چھِ پانہٕ وأنی جأنی یار سو آسہِ ہے سہٕ اُتی ترٲوِتھ کے حال دراہمژ تہٕ موج تہٕ آسہِ ہن پانس ستی ہمژ۔ تمہٕ تہٕ کوٚر محسوٗس زِ وُنی کیٚس تتھین حالاتن منٛز اُمس نشہٕ دوٗر رہیوٚن چھُنہٕ ووٚنی ممکن تہٕ روٗز تہنٛزِ سارے حرکژ وِتر اوان۔ تاہم گنیہِ منٹ داہ مرٕ گژھتے تس ییہٕ رَازو منہنس پٮ۪ٹھ پژھ۔ رَازو منہنس اُس یہٕ اکھ سبٹھے داد دِنی لایکھ خصوصیت زِ سہٕ ہے گنہٕ تہٕ موٗڈس منٛز آسہٕ ہے سہٕ اوس وٕلی پٮ۪نٛی اصلی خصلت ظاہر کران تہٕ لوٗکن اوس وٕلی فِکرِ ترأن زِ سہٕ کمہٕ طبیعتُک چھُ۔

یوٚ دِموٗنہٕ مکانہٕ مالِکی کنہٕ نِش گژھنہٕ۔ تو ریہٕ فِکرِ تس نشہٕ گژھُن چھُ سراسر بیوٚقوفی" رَازو منہن ووٚننس۔ "بوز ژٕ چھکھ پٔزی پأٹھی رَاسکولن کافس موج مگر ژٕ یوٚ دوے۔ تہٕ ٹھہر کھ ژٕ

اَنٛکھ اُمِس ضرورجنون تہٕ پتہٕ کم حالات سپدن تہٕ چھُ پروردگارے زانان۔ بوز بو کیاہ
چھُس کرُن یژھان۔ فی الحال ٹھہرِ نستا سیٹھ اُمِس نشہٕ تہٕ بو یموٗ تو ہہ گرِ تام ستی کیازِ
پیپرس برگ پھچھےُ نہٕ تمہِ لحاظہٕ شریفن ہنٛز جاے زِ تُہی پکیٚو وتہٕ گُنی زنہٕ بیٚیہ سہ تہٕ رُوتلہٕ......
خاَر۔ تُہی ڈیرس تام واتناوٕنہٕ پتہٕ یمہٕ بو سیٚو دُوے واپس تہٕ پنداہ منٹہٕ پتہٕ بو چھُسے وعدٕ
کران۔ بس پنداہ منٹہٕ پتہٕ اٲنےِ بو ژٕے شیچھ خبر زِ یہِ چھیا نہٕ ندرِ کنہٕ یا یہِ کینژا اُمی ہنٛز
حالت آسہ تہٕ ونے۔ چھکھ بوزان تمہِ پتہٕ یمہٕ بو اُچھ ٹٹہٕ وارِ منٛز گرِ پھیر تھ۔ کیازِ مے
چھِ وار یاہ یار دوست گر آمتی مگر چھِ ساری شراب چیتھ پیامتی۔ تتہِ انن بو ڈاکٹر زٕ سی
موف یُس رَ اسکولنکا فس علاج کران چھُ۔ سہ تِہ چھُ تتی۔ تو ریہِ فکرِ آ، اَکھ کتھ ونے
تمی چھُنہٕ شراب چیٚومُت تہٕ نہ چھُ زانہہ چیٚوانے۔ سہٕ واتناون بو گنہٕ رٔتھ روٗڈیا ہس
نشہِ تہٕ تو ہنٛد ملاحظہٕ کرنہٕ پتہٕ واتناون ژٕے نِشہِ۔ تو ریہِ فکرِ۔ یتھ گنی بوز کھ ژٲ رکس
گھنٹس اندر دوہِ پھرِ نچوی ہنٛز خبر اتر۔ اَکھ مے نشہِ تہٕ بیا کھ پانہٕ ڈاکٹرہے نشہِ تیمی
ہنٛزِ کتھِ زیادٕ وَزن چھُ۔ ہاں ونی اگرے خودانخواستہٕ کینہہ کیٛت اوس۔ بو چھُسے قسم
ہاوِتھ ونان بو اَنتھ پانے بیٚیہ یٔوری۔ ونگو اگرے یہِ ٹھیک پاٹھی اوس تیٚلہٕ گری تو تہٕ
آرام۔ تہٕ بو روزٕ پانہٕ راتس یتی وٕ تِس اندر تہٕ اُہنٛد بن روٗحن تہٕ لگہٕ نہٕ میون پتاہ۔
زٕسی موف ساون بو مکانہٕ مالکی کنہٕ ۂندس کمرس منٛز۔ یتھ زن اگرے تو ہنٛد ضرورت
پیٚو سہ ژھاُرن پیٚیہ نہٕ۔ تو ریہِ فکرِ۔ ونتہٕ ونی چھکھا اُمِس ژٕ ضرورت ییتہٕ کِنہٕ ڈاکٹر؟
لہٰذا اکی تو ونی گرِ۔ یَتھ روٗز مکانہٕ مالکٕنی سو آنٹہِ وآنٹہِ انِز گیہ میأنی کأم۔ ونگو مے چھُ
پتاہ تو ہہ دِیہ نہٕ سو قطعاً چھپن جاے کیازِ سو چھے...... سو چھے اَنہٕ احمق۔ بیٚیہ ییٚلہِ سو مے
ستی تو ہہ وُچھوتس گنٛڈ اَندری ریہہ۔ دُنیاوُ چھتھے اوت نہٕ بلکہِ ییٚلہِ ژٕے تہٕ وُچھی مے
ستی ونگو دُنیہِ وُچھت یہِ یِس نہٕ زیادے زٕ رونہٕ۔ سو چھے بالکلے عجیب طبیعتچ زنانہٕ۔ ڈیٚو
مؤلہٕ بیوقوف۔ گوڈٕ کیاہ بیٚ سُنٛد دامن چھلُن۔ بو چھُس نہٕ پانہٕ تٔہنٛدِ کھوتہٕ کینہہ کم

بیٚوقوف......خاٲرتھ آیوٕ کتھ۔ پکِو بوٚ یموٚ ووٚنی توٚہہِ گرٕتام ستی۔ پکِو......توٚہہِ ماچھینہٕ مےٚ پیٹھ پڑھے؟ وٕلو......چھُوا مےٚ پیٹھ بروسہٕ کنہٕ؟"

"یکی تیلہِ موجی" ادو تیایہِ دیٚتنس صلاح۔ "مےٚ چھےٚ پڑھ یہِ کرِ پنٕنی ساری وعدٕ پوٗرہ۔ یہِ چھُ بروٗنہہ تہِ روڈیا ہس اتھٕ راشہِ آمُت بیٚیہِ تکرِتھ اگرے ڈاکٹرن یتہِ راتس روزُن مون تمہِ کھوٚتہٕ کیاہ؟"۔

"وُچھ سا گیہِ کیاہ کتھا......ژےٚ۔ ژےٚ توٚگے دراصل مقصد میون سمجُن تِکیا زِ ژٕ چھکھ پانہٕ تہِ اَکھ فرشتہٕ" مگر رازِ منہن ووٚنس وِجدانی حالتس منز۔ پکِو تیلہِ نیرو......نستاسِیا کھال ژٕ بُتی ہیوٚرتہٕ بیہہ تُتی۔ بو واتے پنٕدہن منٹن تام واپس"۔

یوٚ دوے زن پلشیر یا الیکزندرونا مکمل پاٗٹھی اتہِ نیرنہٕ باپتھ تیار سپزنہٕ تکرِتھ تہِ کوٚرنہٕ تمہِ ووٚنی حجت۔ رازِ منہن گرٕیمن دوٚشوٕنی تھپ تہٕ کجبن اتہِ نبر۔ پلشیر یاٲس دولابن پیامژٕ تہٕ سونچان اٲس "مانوزِیہِ چھُ قابلِ بورتہٕ نیک انسان مگر کیاہ پتاہ تی کریا یہِ نیٚوونان چھُ۔ کیا زِ امی سٕنز حالت تہِ چھِ وُنی کبس اوٗری نہٕ یوٗری......"۔

"مےٚ چھُ تران فکرِ زِ ژٕ چھکھ سونچان بوٚ چھُس شراب چیتھ"۔ رازِ منہن ژاو زنتہٕ اٲہنٕدٕ بن خیالن منز تہٕ روپیہِ ہٕنز روپے لگوٗون اٲہنزِ پریشانی ہُنٕد صحیح اندازٕ۔ سہٕ اوس تیتر زٕ تھی قدم تراوان زِیمہٕ ماجہِ کورِ زٕ آسہٕ نہٕ اٲمِس پکنس پوشان تمہٕ آسہٕ زن دَوان مگر پزٕ چھُ اِی زِلتس ماجہِ ہٕنٕدِس گو برس اوسنہٕ تمیک کُہنی ظوٚناہ۔

"ژٕ کِہ چھُنہٕ مےٚ دِمباغے......بیٚوقوفہٕ سٕنٕدی پاٗٹھی چھُوٕ مےٚ شراب۔ مگر کتھ وُنےٚ مےٚ چھُنہٕ شرابک نشہٕ کھوٚتمُت دراصل ییٚلہِ مےٚ تُہہ وُچھوٕ مےٚ کھوٚٹ کلس غُبار۔ مےٚ کھوٚت ستن شرابن ہُنٕد نشہٕ۔ اوٚہ۔ ینہٕ میانین کتھن گُن گرٕھیوٚ۔ بوٚ چھُس بکواس کران۔ تُہہ سٕنی زبونہٕ اتھ۔ اصل کتھ چھِ بوٚ چھُس نہٕ تُہنزِ پاٗزار گردِ برابر تہِ......مےٚ چھُنہٕ توٚہہٕ ستی کُہنی ہمسری۔ تُہہ تہِ تھٕے بو گرواتناوو یو ترٕ اوٚ کلس سرد آب تہٕ بوٚ یمہٕ ہوشہِ۔

کاش تو ہنہٕ تگہِ ہے بوزن مےٚ کأژاہ ٹاپچھِ چھیوٚ تہٕ دوشوے۔ یِنہٕ أسیوٚم یہِ وٕنس پٹھ یا ناراض گژھیوٚم۔ ییٚنہِ کأنسہِ ہنٛز یژھ ناکارٕ کتھ بوٗزِتھ اگر ے تُہۍ ناراض تہٕ گژھو مگر میون شرارت گژھِ نہٕ کھسُن۔ کیازِ بوٚ چھُس رٕاسکولِن کافُن یار تہٕ لہٰذا چھُس تھہند تہٕ۔ چھُس بوٚ یارٕ زٕے یژھان تہٕ۔ مےٚ زن اوس اِلہام آمُت ...... پرُس بنیوسا تھاہ...... حالانکہِ اتھ ونونہٕ اِلہام دراصل۔ کیازہ، تو ہۍ زن کھژوِ جنتہٕ منٛز۔

مےٚ چھےٚ ووٚمیداز ییٚنہِ مےٚ شب بیٚدأری کرٕنی ...... کینٛژ کالہٕ برونٛہہ گوٚو ڈاکٹر زوٗسی موفس خدشہٕ پأدٕ زِ رٕاسکولِن کاف ما گژھِ پاگل ......تو ے موجوٗب چھُنہٕ أمس شرارت کھالُن"۔

"ہاں"......رٕاسکولِن کافنہِ ماجہِ ژٕج کرِتھ نیٚرتھ۔

"پزی ووٚنایہِ ڈاکٹرن؟" دوٗنیایہِ پرژھنس۔

"ووٚنُن ...... مگر تژھ دٕلیل چھنہٕ۔ تمۍ دیُت أمس کیاہتام پھیکہِ دواہ۔ مےٚ تہٕ وُچھ۔ تمہِ پتے أوہ تہۍ۔ کوٚتاہ جان گژھہے اگر تُہۍ پگاہ أسی ہوٚ آمتۍ۔ زبر گوٚو أسی درأے اتہِ نیبر۔ بس اَکھ گنٹہٕ گژھِت وٕنو زوٗسی موف تو ہہِ پوٗرٕ پأٹھی أہنٛز حالت کیا چھےٚ۔ مےٚ ووٚنمو تمۍ چھُنہٕ شراب چیوٚمُت تہٕ مےٚ تہٕ چھُنہٕ زانٛہہ نشہِ کھسان۔ ووٚنی کیازِ چھُس بوٚ بکواس کران کتھ چھےٚ دراصل یہِ زِ بوٚ آوٕرُس دوستو پانس ستۍ بحثس اندر۔ مےٚ کوٚرُے ووٚنی قسم زانٛہہ کرٕنہٕ کأنسہِ ستۍ بحث۔ کوٚلل تمن آیہِ بلاے۔ تمۍ خبر کیاہ وأہیات بکان۔ مےٚ دیپوٚ دوٚگو تھ ترٛاوکھ۔ مےٚ بنوو پنُن پیٹر میر محفل تہٕ دراس۔ کرِکھ پژھ۔ تمۍ چھِ یتھ کتھِ پٹھ زور دِوان زِ انفرأدیت گژھِ مکمل پأٹھی ختم کرنہٕ ینٛی کیازِ أتھ چھُنہٕ کہنٛی مول۔ تمن چھےٚ أتھی منٛز لطف یوان۔ تہند وٕنُن چھُ زِ خودی تہٕ خودأری گژھِ یوٗت پلہٕ تیوٗت اوک طرف ترٛاونہٕ ینٛی تہٕ یوٚہے چھُ ترقی ہُنٛد تھدِ تھوٚد مقام۔ ووٚنی ہرگاہ اِی اتہِ ونہٕ ہن تہٕ خیالات آسہٕ ہنکھ پنٛنی تتھ چھےٚ لگہٕ ہُند بن خیالن......"۔

''مےٚ گُن بوز''، پلشیر یا یہ ژٹ تسنٛز کتھ مگر تٔہنٛدِ امہِ اکہِ لفظہٕ سٟتۍ زٕن لوگ تٔمس مد۔

''ژےٚ کیاہ باسیوے'' رَازٕ مَنہنن وۄننس برٕونہِمہِ کھوتہٕ زیادے زورٕ سان

''ژےٚ ما باسیوے بوچھس تہنزِ بیوقوف کلأمی پیٹھ تمن بدردوننان۔ نہ ترِٚ ژھ کتھ...... چھینہٕ۔ بوچھس تہنزن ناسہٕ تراسہٕ کتھن پیٹھ خوش گژھان۔ امی سببہٕ چھِ تمام زٕوزأ ژو منٛزٕ اِنسانٕسے اشرف المخلوقات ونان۔ انسان چھُ بشرتہٕ بشر چھُ غلطی ہُنٛدُ ے۔ پزٕ رچھُ انسان چھُ غلطی پتے صداقتس تام واتان۔ تہٕ میانہٕ ذٕسی تہٕ چھِ خطاسپدان کیازِ بو تہٕ چھس انسانہٕ۔ تورِیہ فکرِ؟ ییٚلہِ گوڈٕ ننتھ ژوٚداہ بلکہِ اَکھ ہتھ ژوٚداہ ٹھوٗنکری لگنے اتی لگی صحیح وتہٕ ہُنٛد پَے۔ یمن ٹھوٗنکر بن تہٕ چھُ پتُن مزٕ۔ مگر واے یم دب تہٕ دزٕسی تہٕ چھنہٕ اَسہٕ پننہٕ سونٛچہٕ لگان۔ اگر ژٕ بیوقوف کلامے تہٕ کرکھ مگر تہٕ گوٚژھے پننہٕ دمباغک پأداوار اَسُن۔ تہٕ بوکرٕ ہے تیٚلہِ گُلبن میٹھی۔ بوز اگرے انسان پانہٕ غلط وتی تہٕ پکہِ تی چھُ دو یمس کأنسہِ ہنزِ ہاوِ مزٕ صحیح وتہٕ پیٹھ پکنہٕ کھوٚتہٕ بہتر۔ گوڈٕ نِکس صوٗرتس منٛزٕ چھکھ انسان تہٕ دوییمہِ صوٗرژ منٛزٕ چھکھ نہٕ اَکس جاناورس اژاہ تہٕ۔ کأنسہِ ہُنٛد تقلید کرنہٕ سٟتۍ ہیکہِ نہٕ بیاکھ پزٕرس تام واتتھ بلکہِ راوبس بس زندگی۔ یزٕ چھےٚ کأژاہ مثالہٕ بنیمژٕ۔ ون تہٕ وُنی کبس گس تورٕ چھِ اَسی کران؟ سائنس، ترقی، خیال، ایجادات، اوصوٗل، مقاصد، آزاد خیألی، قونوٗن، تجربہٕ غرض پزٕتھ کُنہٕ شو بس منٛزٕ چھِ اَسی وُنہٕ طفلِ مکتب اَسی چھِ دوییمین لوٗکن ہُنٛد بن خیالن پیٹھ تکیہ کرِتھ زندٕ روزُن پسند کران۔ اَسہِ چھِ اچھ ژاپھ ژاہمژٕ۔ اَسی چھنہٕ پانہٕ کینٛہہ کرُن یژھان صحیح چھا کِنہٕ نہٕ۔ ذٕنِ مےٚ ما وون کینٛہہ غلط؟''

رازٕ منہنن پرٕ ژھنکھ دوشوٗنی ماجہ کوٗر بن ہُنٛد بن اتھن چیرٕ تہٕ درسہٕ دِتھ۔

''اُفو پروردِگارا۔ ہے مےٚ چھُنہٕ کہنٛژ معلوٗم''، پلشیر یا یہ وۄننس عاجز تھی۔

''آ......آ۔ ژٕ چھکھ ٹھیک ونان حالانکہِ......مےٚ چھنہٕ چانٛبن واریاہن کتھن

ستی اِتفاق''۔ دۄنیایہ ووٚہنس مگرتس بچارِ ژٲج کتھ موکلاونس ستی زوردار چِھنٛپر تھ۔ کیازِ رازِ منہنن دیتنس بڈٕ بے دردی سان اتھس چیر۔

''واہ گوٚ ژٕ چھکھ مے ستی اتفاق کران......زبرٲخر ژٕ چھکھنا......مطلب ژٕ......'' رازِ منہنس اُس نہٕ شادمرگی ستی کتھی ادران۔ تہٕ خوش گژھِت ووٚہنس۔

''دراصل چھکھ ژٕ فرشتہٕ۔ ژٕ چھکھ پاکدامن، سمجدار تہٕ کمالہٕ واجبن۔ وولہٕ اَن پٔنن اتھِ یۄری ہے ژٕ تہٕ پلناواتھِ مے گُن......بوٚکرِ توہہِ بروٚنہہ کنہٕ سرخم گُرِتھ تھٲوِتھ بن اتھن میٹھی......''۔ تہٕ اَتھی ستی ووٚتھ پیٹرِ پیٹھے کوٚٹھن پیٹھ۔ خوش قسمتی کِنی اوسنہٕ امہِ وِزِ لٲری ٲکھنٛی پکان۔

''تلہٕ سامے پیٹھ تھاو منّت تراویلہٕ۔ یہِ چھُنہٕ شۄبان''۔ پلشیر یایہِ ووٚہنس تنگ تِتھی روبہٕ سان۔

''ہے تھوٚدووتھسا۔ شاباش ووتھ تھوٚد'' دۄنیایہ ووٚہنس اَسان اَسان حالانکہِ سوتہِ اُس ترٕبن تہٕ ترٕوٕہن۔

''بوٚووتھنہٕ ہرگز توٚتام یوٚتام نہٕ تُہی مے اتھن موٚنی کرنہٕ دِیو۔ اِں۔ گیہ کیاہ کتھا۔ ووٚنی گوٚوتھوٚ دووتھن۔ اِدکیاہ پکی توبروٚنہہ۔ وابے کۄتاہ بدقسمت ناٹہٕ بالی چھُس بوٚ۔ بوٚ کتہِ چھُس توہہِ لایکھ۔ پیٹھٕ چھُم شراب چیۄمُت۔ کۄتاہ شرمندہ چھُس بوٚ...... بوچھُس نہٕ توہہِ ستی لول ورتاونس قٲبلے۔ ووٚنگوتوہہِ احترام کرُن چھُ پزِتھ اَکِس انسانس اگرسہٕ نیم وحشی تہٕ آسہِ، فرضِ عٲن مے کوٚرموسُے تعظیم تہٕ احترام......خٲریہٕ گوٚ وتُھند ڈیر۔ یژھِ جایہِ ڈیر ژھارنچ وٲجِد کتھ تہٕ یوٚ دوے آسہِ ہے روٚڈیا اوس تِتھی پیٹھ تہٕ پیٹرپیٹرووِچ لنگہٕ ژٕتھ گرٕنبر کڈنس مزحق بجاٗنب۔ بوچھُس راوان تُمی کِتھ کوٚر تُہی یِیتہٕ ٹھہراوٕنی برداشت۔ یہِ جاے چھے بدنام تہٕ بذگار۔ توہہِ چھا معلوٗم یِیتہٕ کمہٕ قسمکی لوٗکھ چھِ روزان۔ پناہ۔ تسی ستی چھے ژٕے کتھ گنڈِتھ۔ چھے ناوٕنہِ کتھے اُژ گنڈِتھ؟

گوٗ جان۔ بوز تیلہِ بو وونے سہٕ پچھے سوٗنچہِ سمجہِ رؤس وحشی جانور۔''

''بےٚ ادبی معاف۔ مسٹر رَازوٗ مِنہِن ژٕ چھکھ یہِ کتھ مشران زِ...... ''پلشیر یایہِ ہیڑ یوس وُنن۔

''آ...... آ...... ژٕ چھکھ درست ونان۔ مےٚ گوٗ وشرےٚ زِ...... مےٚ رؤدنہٕ ظوٗنے...... بوٚ چھُس شرمندہ'' تہٕ رَازوٗ مِنہِن ہیڑٕ اَکس لحظس منز معافی۔ ''مگر...... توٗہہِ پزہ نہٕ میانِین یِمَن کتھن پیٹھ ناراض گژھُن کیاز بوٚ چھُس ژٕ کہِ تہٕ درد کنی ونان نہ زِ...... کیاہ چھِ ونان...... نہ زِ بو چھُس کُنہِ غرضہِ...... تیلہِ اُس شرمندگی ہُنز کتھ۔ ووٗنی کیاز چھُس بو ونان تہِ ونہٕ نہٕ بوٚ نہ چھُم تمیک ضرؤرت۔ ووٚنگوٚیلہِ ازسہٕ کمرس منز ژاوا سہِ توٗ رتمی ساتہٕ فِکرِ زِسہٕ چھُنہٕ اَسہِ ہیو۔ اِوکنی نہٕ زِ تمی اُسی مستس وأنکی پھرنا ؤتی۔ لہِ کنی تینہٕ زِسہٕ اوس اَسہِ پیٹھ دلہٕ تراوُن یژھان۔ بلکہِ لہِ کنی زِسہٕ چھُ کنجوٗس تہٕ غدار۔ تس چھُ بوڑ مقصد دیارٕ انبرس تھاوُنی تِکیاز کنجوٗسی چھُ تہنز پیشہٕ تہٕ بیٚیہِ چھُ بیوقوف مسخر۔ یہٕ سوٗرے چھُ اکی نظرِ فکرِ تران۔ توٗہہِ چھاسہٕ لُقمان باسان...... سہٕ چھُ خرسُندِ کھوٗتہٕ بتر۔ سےٚ شوٗ بیا ژےٚ ڈکہٕ ٹِکہٕ؟ تو بہ۔ میانیوٗ عزیز خوتونو۔ توٗہہِ چھا پتاہ؟''...... سہٕ رُکیو تہنزِس کمرس کُن کھسان ہنگہٕ منگہٕ سےٚ منز ہیرِ...... ''دیم دوست وٗنکیس میأنس گرس لنڈر شراب چیتھ بےٚ حال چھِ تمہٕ باوجوٗد چھِ تم خلوصہٕ وألی تہٕ دلدار۔ یتھ کتھِ لنڈر چھُنہٕ کانْہہ شک زِ تم چھِ بکواس کران تہٕ بوٚ تہِ چھُس کران مگر اُسی چھِ اُخرس پزرچہِ سیٚزوتہِ پیٹھ واتان۔ تِکیاز اُسی چھِ نہٕ صحیح وتہٕ نِشہٕ ڈٕلمتی۔ حالانکہِ بوٚ اوسُس وُنی تہنز بوزر ژٕ کان پوٚز بوٚ چھُس تمن سارنے عزت تہٕ کران...... یتہٕ وونے زِ یمی تافس چھُس نہٕ احترام کران مگر چھُم پسند کیاز سہٕ چھُ خوشہِ وُن برار بوٗگت ہیٚؤ تہٕ زٕوسی موف چھُ اُنہٕ ہکھر ہیٚؤ مگر ایماندار آسنس ستی ستی چھُ پننی کأم پوٚر پأٹھی زانان تہٕ مےٚ چھُ اِوکنی خوش کران۔ اوہو...... ووٗنی گوٚ یہ حدے۔ سبٹھا کتھ کرمےٚ تہٕ معاف تہٕ آو کرنہٕ۔ کوٚ رد

تۄہہِ پزٕی معاف؟ گۄو تیٖلہِ زبرٕ ے پکیٖو تیٖلہِ بروٗنٛہہ کُن۔ بۄ چھُس ییٚمہِ وِزِ مژرٕ پۄکمُت۔ یہِ چھُ مےٚ وَنہِ۔ اکہِ دۄہہٕ سپُد یِتہِ ترییٚ نمبرس مژٕ اَکھ سکینڈل تۄہہِ کُس نمبر چھُو ہ؟...... اُٹھ! راتس کٔری زیٚو اَنٛدٕری چھٕنٛژِ۔ اندر دِی زیٚونہٕ کانٛسہِ اژنہٕ۔ بۄ ولتہٕ پنٛداہ منٹ گرٛھِت واپس ییٚہہ۔ شیچھ خبرٕ یتھ تہٕ تمہِ پتہٕ اوڈ گانٹہٕ گرٛھِت انن زِ سی موف۔ تُہہ وُچھتو۔ بہیو خوداییس حوالہٕ۔ bye...... بۄ تُلہٕ ووٚنی کُنی ٹکھی"۔

"پروردگار۔ کیاہ پتاہ اَسہِ کیاہ چھُ ڈیٚشن۔" پلشیریاہ ژھ پننہِ کورِ کُن وُداسی تہٕ پریشان گژھتھ۔

"تلے موج موہییٚ غم" دُنیایہِ دیتنس کلہٕ پتھٕ ٹۄپہِ بون والان جواب۔

"مائلکن سۄزیہِ نفرسانہِ مدٕ باپتھ۔ یۄ دوے زن یہِ شرابہٕ پارٹی پتھے تہٕ آمُت چھُ۔ اَسہِ پزٕ اُمِس پٹھ پڑھ کرٕنی۔ بۄ چھُسے ژٕے یقین دِوان یہٕ بچارٕ چھُ سٹھاہ شریف۔ ژٕ سوٗنٛچ پانے روڈنہِ باپتھ کۄتاہ چھُ اُمی کوٗرمُت ......"۔

"دُنیا آ ......زانان خوداہ بازیپا کِنہٕ نہٕ۔ بۄ کتھٕ آلیس روڈیاتہٕ کُنے زۄن ترٛاوِتھ؟ مےٚ چھِ واہ گرٛھان وُستھ۔ واے کیاہ اوٚسُم سوٗنٛچمت تہٕ کیاہ پیوم سرٕ ن۔ مےٚ اوساپتاہ یہِ حال بدٕ چھُم وُچھُن۔ کۄتاہ وُداسی اوس زنتہٕ سون بُتھ وُچھِنے کھوٚرُس"۔ اِی ونان ونان وُژھ تمِس اوش ددرائے۔

"واے رٕژھ کتھ چھبہٕ۔ ژٕے ماوُ چھتھے ژٕ اُسکھ صرف وَچھ دگان۔ دراصل چھُ یہِ دادِی پتلہِ پوومُت۔ تمی کٔنی باسیوے ژٕے خبر کیاہ"

"کیاپتاہ کُس دود چھُس ووتھمُت۔ ہنہ ......وونی کُس تاون چھُ سرٕ ن خودلیہِ، یہِ وُچھتھے ژٕے ستی تہٕ کتھٕ پاٹھی کربن کتھٕ"۔ موج وُژھس بتھس کُن نظرا کرِتھ تہٕ کوشش اُس کران اوٚہند دِل آزمانٛچ۔ مگر وُنہٕ اُس پلشیر یایم لفظ ونانی تہٕ دُنیا اُس پتمِس بأے سُندِ حقہِ احتجاجہٕ رٕنٛگی نصف اِستادٕ گامژٕ۔ یہِ وُچھِت گۄو پلشیر یایہِ رژھا

دِلس تسلی کیاز زِ امیک مطلب اوس زِ دۄنیایہِ اوس گوڈے بأیِس معاف کورمُت "مے
چھِ وۄمید زِ سہ سونچہِ اتھ پٔٹھ بیٚیہِ تہٕ پگاہ ونہِ رُتی جواب"۔ پلشیر یاوٕ ژھأمِس بیٚیہِ تالہِ۔

"مگر مے چھُ بہتھ زِ سہ وُنہِ پگاہ تہٕ یِی ...... تتھ متعلق"۔ دۄنیایہِ دیُتس شبقہٕ جواب۔ تہٕ امہِ پتہٕ ژٔڈی تموّ یہ کتھے تِکیاز یِہے اُس سوکتھ۔ یتھ دل دِنس پلشیر یا کھوژان اُس۔ دۄنیا آیہِ ماجہِ نکھہٕ تہٕ کوٚرنس میوٚٹھاہ۔ پلشیر یایہِ رٔٹ چیرِ سان نالہٕ متہٕ مگر زیوٚ دوٚنہٕ نس نہٕ رکھنٕیٔ۔ پتہٕ بیچھِ ژھوٚپہ گرِتھ پٔتھر رازوٚ منہس پیارنہٕ تہٕ پریشانِ حألی اندر اُس کورِ ہُند بن حرکژن ہُند جأیزٕ ہیوٚان یوسہِ خیالن ہُندِس سمندرس منز ڈُبیمِژ نرِ زۄتتھ کمرس منز اورِ یور گتھ کران اُس۔ دۄنیایہِ اوس کینہہ سونچنہٕ کرنہٕ وِزِ یتھے پأٹھی اورِ یور پھیرنُک عادت تہٕ یتھ موٚڈوٚ چھِت اُس نہٕ تس موج تہٕ گُنہٕ قسمچ کتھ وٕنس بہران۔

اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ رازوٚ منہٕن کرِ دۄنیاہس متعلق نشہٕ رکس حالتس منز تسی بروٚنہہ کنہِ ناشأیستہٕ کتھ مگر یہِ کتھ اوک طرف ترأوتھ زِ تس اوس نہٕ کتھِ ہُند پن اتھس منز رُٹن تگان واریاہ لوٚکھ مانہٕ ہن رازوٚ منہنس امہِ باپتھ حق بجأنب اگرے تموّ تہٕ دۄنیاوُچھمِژ آسہِ ہے خاصکر یِیلہِ تم وُنی کبس وُچھہٕ ہن سوکمہِ آیہِ اُس ووداُسی تہٕ غمہٕ ہُنز صوٚرژ کِتھس اورِ یور پھیران۔ دۄنیا اُس پزی دِل مُہتھ نوان۔ تس اوس قد نیرُون تہٕ بدن تنوسبس اندر۔ سو اُس وُسوارتہٕ ہمتہٕ واجبن لڑکی۔ تسنٕز اکھ اکھ حرکت اُس تہنٕدِ ہمتُک تہٕ حوصلُک باس دِوان مگر امہِ ستی اُس نہٕ تہنٕدِس شاندار اندازس تہٕ تہنٕزِ نرم رٔوی منز کانہہ فرق پیوان۔ سو اُس انہار رکنی پٔننس بأیس ستی رلان تہٕ تُسند نقش ونگار اوس تیٔتھ یتھ واقعے خوٚبصورت ونو۔ تس اوس نہٕ بأے سُند اوٚ تاہ کاژرمس۔ تہنٕزن نِہ ڈٔلی زِ تہٕ سوٚرئلی اُچھن منز اگرے غروٗرُک باس لگان تہٕ اوس توپتہٕ تہٕ اُسی تہنٕزن نظرن اندر رحم لی ہُندی ناگرادِ وُزان۔ سو اُس رنگہٕ زردے مگر یہِ اُس تہنٕزِ صحتمندی ہُنٕز علامت تہٕ اوے اُسس بُتھس پٔٹھ تازگی تہٕ طاقتچ چمک۔ تس اوس غنچہٕ دہن تہٕ

وُٹھ اُسس زاوِل تہٕ ووزِلی گولاب ہِوی پوٗ زہوٗ نگنہٕ ہُندی پاٹھی اوُسس بنیم وُٹھ نبر
پھن درامت تہٕ رژھاموٗٹ تہٕ۔ تھنزِ خوبصوٗرتی منز اگرے کانہہ نوٗقص اوس تہٕ سہٕ اوس
پیتے مگر حق چھُ تُسنٛد یہِ نوقص تہٕ اُوس تیوٗ تاہ ماری موٗند باسان زِ امہِ سٟتی اوس تِسنٛدِ جسمک
انہارِ ے الگ باسان۔ سوٗ اُس سبٹھے بوٗ ردبارتہٕ سنجید۔ اتھ مُتس یاونس منز تُسنٛد وُٹھ
کُمجار اوس قیامت تُلان۔ مگر تہٕندی بےٚ فکری ہُندی صحت منٛد اسن کھنگالہٕ تہٕ اُسی
تہٕندِس حُسنس بُرژر کران تہٕ دِلس سُنتھ گژھان۔ یہِ اُس فطری کتھاہ اگر رازِ و منہنس
ہیوٗ جوشل، بے باک، سیوٗ دساد تہٕ صاف دِل ناز بردار جوان تیمی تس ہِش لڑکی بروٛنہہ
وُچھہِ اُس تہٕ مُتی گژھے تہٕ پیٹھ ییلہِ نشہٕ کس حالتس منز اوس تہٕ تژھ خوش شکل
صوٗرت پرٛی وُچھان وُچھانے پٔنِنہٕ جامن منز روزِ ہے نہٕ۔ بیٚیہ سپُد یہ اتفاق زِ
رازِ و منہنن وُچھ دُنیہ تمہِ ساتہٕ ییلہِ سوٗ پٔنِنس بأے سٟنٛدِ امارتہٕ تس سمکھنچہٕ شادِ کنی زیادے
حسین باسان اُس۔ تمہِ پتہٕ ییلہِ بأے سٟنزن ہتک آمیز۔ سخت تہٕ ناشکری ہُنزن
کتھن پتھ توٗ ہنٛد بونیم وُٹھ ہلان وُچھن تہٕندِس قسمتس پیٹھ زنتہٕ موہرلَجی۔

ہیر پیٹھ ییلہِ تمی نشہٕ کس حالتس منز تہٕ راسکولنکافنہِ مکانہٕ مالکی کنہِ متعلق وون
زِسوٗزرونہٕ پلشیر یا تہٕ خاصکرِ تھ دُنیاہِ ہُندِ تس سٟتی آسُن۔ غلط وُنُن نہٕ کینہہ۔ حالانکہِ
پلشیر یا اُس تیتاہ جہی مگر تہٕندِس بتھس پیٹھ اُسی جوٲنی ہُندی آثار وُنتہٕ لبنہٕ یوان تہٕ سوٗ اُس
پننہٕ وأنسہِ کھوٗتہٕ سبٹھاہ کم باسان تہٕ حقیقت تہٕ چھِ اِی زِیوسہٕ زٕنی روٗحک اطمینان،
نوٗزُک مزاجی تہٕ پننہٕ دِلُک شوٗزرتہٕ پُرخلوٗص گرم جوشی برقرار تھاوِ سوٗ چھے بُجرس منز تہٕ
لوٗ کٹی باسان۔ تہٕ یمہٕ سارے خصوٗصیژ برقرار تھاونک مطلب تہٕ چھُ اِی آسان۔ تُسنٛد
مس اوٗسُن وونی سفید گژھن تہٕ تٔن ہیوٗ تمت تہٕ واریاہ کالہٕ پتہٕ آسس اُچھن أندی
أندی گینہٕ گمژ۔ غمہٕ تہٕ پریشأنی کنی اوس تس بُتھ ووتھمت مگر توٗ پتہٕ تہٕ اُس وُنہِ پزیہ
وُنی۔ سوتہٕ اُس دُنیاہس ہِشی وونگوٗ بونیم وُٹھ اوُسس نہٕ دُنیاہِ ہنٛد وُٹھکی پاٹھی تہٕ بیٚیہ

أس تس 20 ؤری زِٹھ۔ پلشیر یا أس طبعیتن حساس مگر جذبأتی نہٕ۔ سوٗ أس گنہٕ حدس تام دٕہی تہٕ پیٚ ہِندِس اثرس تل یوان۔ باضے أس یکدم ہار مانان تہٕ واریاہ تمہٕ کتھٕ تسلیم کران یم نہٕ تٔہندِ بن خیالن ہِتیٚ واٹھ آسہٕ کھیٚوان۔ اماپوٚز تٔہنز ایماندأری، خلوٗص، اوصوٗلن تہٕ سنجیدٕ خیالن ہُنٛد اوس اَکھ مقررٕ حد۔ یمہٕ نِشہِ سو کُنہِ تہٕ صوٗرتس منٛز ڈلان أس نہٕ۔

رازٕ دٕمنہٕن نہِ الہِ نیرنہٕ پتہٕ ٹھیک 20 منٹ گژھِہت گوٚو دروازس دوٚیہِ لٹہِ ٹھک ٹھک تہٕ ٹھسہٕ تلے اوس یِنہٕ وألی سُنٛد عجلتُک پتاہ لگان۔ سُے اوس واپس آمُت۔

"تِتھُے بر کھلوٗ وکھٕ تمی ووٚن بانٛبرِ بانٛبرِ "جلدی سبحہٕ ہیکہٕ نہٕ بوانٛد رأژِتھ۔ سہٕ چھُ مٕزنٛدرِ تہٕ آرامس منٛز شوٗنگِتھ۔ اگرٕ خدایِن یوٚژھ سہٕ سُ شوٗنگہِ پوٚزٕ 10 ہن گنٹن نستاسیہ چھےٚ تمسے نِشہٕ بہتھ۔ مےٚ چھُ تمس وونمُت میأنس واپس واتنس تام تتی بہن۔ ووٚنی گژھِہ بوٚ زوٗسی موفس تہٕ سہٕ سُ ونہِ توٚہہٕ پوٚزٕ خبر اتہٕ اِدٕ شوٗنگی توٚہہٕ آرامہٕ سان۔ مےٚ چھُ تران فِکرِ زِتہی چھُو سخت تھکیٚ متہ ......"۔

أتھی ہِتیٚ دراوسہٕ سُ کُنی ووٹہِ وُزنبر۔

"کوٗتاہ قأبل...... پھٕر تیلہٕ تہٕ ہمتہٕ وول جوان چھُ" پلشیر یایہٕ ووٚن واریاہ خوش گژھِہت۔

"باسان چھُ تھدِ شانُک تہِ چھُ دوٗنیایہٕ ووٚنس گرم جوشی سان تہٕ ہیوٚتُن ییٚہٕ گُٹھس اورٕ یور پھیرُن۔

قریب اکھ گنٹہٕ گژھِہت گوٚو تمن ووٹہِ منٛزی کٔہندِ تام پکنُک صدا کنن تہٕ اَمہِ پتےٚ گوٚو کھ دروازس ٹھک۔ وُنی کیٚبس آسہٕ یمہٕ دٕہ شوے ماجہٕ کورِ رازٕ دٕمنہٕن سٕندِس انتظارس تہٕ پوٚزٕ پژھ أسکھ زِسہٕ سُ کرِ وعدٕ برابر۔ تمی اوس زوٗسی موف تہٕ پانس ہِتیٚ اومُت۔ زوٗسی موف اوس شرابِچ محفل أتی ترأوِتھ رٔاسکوٗلنکافسِ خبر ہینس پتھ رأضی گومُت مگر یمن ماجہٕ کورِ بن نِش ینس منٛز کرِ توٚمی سخت پس وپیش تہٕ تمس أسی ہتھ ہتھ گمانہٕ بدلان۔ کیازِ

رازٕ و منہن سٟنز تقریباً وارفتگی وُچھتھ اوس تس کیاہتام شک گنان۔ مگر تسٕنز یہِ خود پسندی گیہِ یک لخت ختم ییلہِ تمۍ وُچھ زِ تمہِ دۄشوے ماجہِ کورِ آسہٕ تس تِتھ پاٹھۍ پراران زنتہٕ کانٛہہ غٔبی پیغام بوزُن اوسکھ۔ سہٕ بیوٚٹھ تہِ فقط 10 منٹن تہٕ پلشیر یایہِ تسلی دِنس تہٕ مطمین کرنس منز سپُد کامیاب۔ تمۍ ییمہِ آیہٕ تمن ستی ہمدردی ظاہر کرٕ سوٗ اَس قابلِ داد مگر محتاط تہٕ سنجیدٕ روٗ زِتھ کرٕبن مینتھ تولتھ کتھہٕ یتھ پاٹھۍ زن اَکس نوجوان ڈاکٹرس اہم صلاح دِنہٕ وِزہ شوٗبہِ ہے۔ تمۍ کوٚڈ نہٕ فضوٗل اَکھ لفظ تہٕ زیو۔ تہٕ یمن دوٚن ماجہِ کوربن ہٕنٛدین ذاتی معاملن منز دخل دِنچ کرن نہٕ رژھ تہِ کوٗشش تہٕ کمرس منز اژوٗنے دوٗنیایہِ ہنز وُترِبنیٖل تلن واجبن پری صوٗرت گوڈٕ نکہِ پھرِ وُچھنہٕ پتہٕ تُجٕ نہٕ تمۍ اتہِ ٹھہرنس دوران اکہِ پھرِ تہٕ تسِ کُن اَچھ تہٕ روٗد فقط پلشیر یایہِ ستی کتھہٕ کران۔ امہِ ستی سپُد تس دِلی اطمینان حاصل۔ تمۍ وۄن زِ مریضہِ سٟنز حالت چھےٚ وُنی کیس سبٹھہے اطمینان بخش۔ تہٕنٛدِ تشخیصہِ مطابق اوس رَاسکولنکافنہٕ بیمار پینٛگ وجہ یہِ زن سہٕ ونان اوس "کینژھا اَتھمن کینژھن ریتن دوران توٚہند تنگ دست آسُن تہٕ کینژھا مختلف دباو پریشانن، خدشاتن، مصیبتن تہٕ وُلٹہٕ ورہبہٕ خیالن ہُنٛد شکار سپدُن۔ بیٚیہٕ...........نظر وتلی یہِ گتھ ژرزِتھ زِ دوٗنیا چھےٚ تہنزِ کتھ توجہٕ سان بوزان دیُت زوٗسی موفن اتھ موضوٗعس پیٹھ کتھِ زیچھر۔ پلشیر یایہِ ہٕنٛدس یہِ پرژھنس پیٹھ آیازِ "دیماغی گرٛہنگ کانٛہہ احتمال ماچھُس" درجواب وۄن تمۍ اَسہٕ وُنہِ ہوٚنچہٕ "میاٗنی کتھ چھےٚ ہنا کوڈٕ کڈتھ وننہٕ آمژ اتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ اَدی کینٛہہ وَکھ بروٗنٛہہ تام اوس کیاہتام واحِد خیال تہٕنٛدِس ذیہنس منز سٟنی پاٹھۍ زنتہٕ کھٕنتھ ییمہِ کِنۍ آثار تہنزِ دیوانگی ہٕنٛدی باسان اَسی ......زوٗسی موف اوس طبکہ امہِ شوٗبک مطالعہٕ کرنس اندر روٗنی خاص دلچسپی ہاوان......مگر یہِ کتھ پزِ نہٕ اَسہٕ /مِشرٛاوٗنی زِ سہٕ بچارٕ اوس از تام بےٚ ہوشی ہٕنٛدِس حالتس منز تہٕ اوٚ کِنۍ ......تہٕ ممکن چھُ پٔنٛز گرٕ باٗژ پانس ستی وُچھت یہِ سہٕ بال تہٕ تہٕنٛدِس دیماغس منز یُس خیال پیوٚمُت چھُ

تمہ نشہٕ پھیرِ باز۔ مگر شرط چھُ تِمس گژھِنہٕ کانٛہہ نۆ وصدمہٕ واتُن"۔ یِم لفظ وٕنی تِمی معنی خیز نظرو۔ اِمہٕ پتہٕ وۆتھ تھۆد تہٕ تِہنٛد تعظیم رٕچھِت رۆخصت ہیٚنہٕ پتہٕ ہیٚوتُن کمرٕ منٛزٕ نیرُن۔ پلشیر یا ٲنجس دِل مُژرِتھ دُعایہٕ خاطرٕ کرنہٕ تمہٕ کوٚر سبٕٹھے احسان مندی ہُنٛد اِظہار تہٕ دُنیاہن پلہٕ نوونس وژھِ وانٛجہٕ اتھواسہٕ خاطرٕ پٕنُن اتھ۔ تہٕ دژاو کمرٕ منٛزٕ سبٕٹھے خوش تہٕ شادٕ براں۔ "اچھا وونی کرو پگاہ ملاقات۔ کرِ وتُھو وونی آرام" زۄسی موفس پتے کمرٕ منٛزٕ نبر نیران وونُکھ رازِ منہٕنن "بوٚ یمہٕ صُبحٕ جنس یوٚت پلہٕ تیوٚت فوراً شیٚچھ ہیتھ"۔

"یارا۔ بوٹہٕ پٕرٕ ہش چوٚ برہسا چھِ یہ دُنیا" سڑکہِ پٹھ واتِھے لوٚگ زۄسی موف یہِ دٕپِنۍ زِ تہٕ وُٹھ ژٕ شان وننہٕ۔

"چوٚ پٕر۔ ژےٚ وونتھ چوٚ پٕر؟" رازِ منہٕنن لوٚگ سہہ سٔنٛدی پٲٹھی گرٕ یزنہٕ تہٕ گُنی تھِ ژٕھنس گریبانس۔ "اگرے بیٚیہِ زانٛہہ یُتھ لفظ وُوتھ.....اِد زانٛی زِژٕ.....کولہٕ فکرِ تارے"۔ رازِ منہٕنن چیرٕ نوونالہٕ رٔٹھ کوچہِ کِس دیوارس ستیٚ۔ "تھاوتھ میانی کتھ یاد.....کولہٕ کانٛسہِ ہُنٛزٕ بیٚنہِ پٕزیا لۍ ونن"

"ہیو تراو ویلہٕ شرابیا۔ ژےٚ ہا چھی شیطانن مغز ڈٲلی متۍ" زۄسی موفن وۄنُس گریبان یٚلہٕ کرنٕچ کوٗشِش کران۔ یٚیلہِ رازِ منہٕنن یٚلہٕ تژوو زۄسی موفن تژوونس نظرہ گرِتھ اسن کھنگالہٕ۔ رازِ منہٕنن گوٚوزن تس بروٚنٛہہ کنہِ رٕہتھ۔ سہٕ اوس غمگین تہٕ سنجید۔

"دراصل چھُس بوٚ خر" تِمی وون سبٕٹھے وُدٲسی گژھِت۔ "مگر ژٕ تہٕ چھکھ...... ژٕرے"۔!

"نا بابیا، بوٚ چھُس نہٕ ہرگز تہٕ خر کیازِ بوٚ چھُس نہٕ بیقلا زِ ہٕنٛدی خواب وُچھان"۔

اِمہِ پتہٕ رۆ دی دوشوے ژھوٚپہ دم گرِتھ پکان۔ تہٕ یٚیلہِ راسکولِنکافنس ڈیرس نزدیک واتۍ رازِ منہٕنن دیُت ژھوٚپہ ٹٔھ۔ "بوز سامے گن" سہٕ وۄتھ زۄسی موفس گن۔ "ژٕ چھکھ نفیس انسان مگر ژےٚ چھےٚ دوٚ، دوٚیمین خامین ہٕنٛدی پٲٹھی بیٚیا کھ خامی

تہٕ زِ ژٕنے چھے دِل ؤلی تنبلان۔ تہٕ چأنی یہ کمزوری چھے مے پۆر پأٹھی پتاہ۔ ژٕ چھکھ گند انسان۔ ژٕ چھُکھ کم ہمت۔ سُست۔ ژٕ ژٕل۔ ژٕنے پچھے دوہ کھوتہٕ دوہ ہماچہ گژھان ژٕ چھُکھ کاہِل ژٕ چھکھ نہٕ پننین خاہشن پتھ قوبو گرِتھ ہیکان۔ اوے کِنز وونُے ژٕ چھکھ گندٕ انسان کیاز ِ یتھ پأٹھی چھُ انسان سیٚو دُے گندگی ہٕندِس چاہس پھٹان۔ بو چھُس حأران یُ تاہ کمزور آسنہٕ باوجوٗد کتھ چھکھ ژٕ اکھ جان بلکہٕ حوصلہٕ مند ڈاکٹر بنیومُت۔ از چھُکھ ژٕ رُوت کیُت پنُن نرم آرامدہ بستر ترأوِتھ چھنہٕ کتھی، بیمارس وُچھنہٕ تہٕ گژھان مگر بیٚیہ ترِیے ژور ؤری گژھِت آسکھ نہٕ ژٕ بستر ترأوِتھ بیمار وُچھنہٕ تہٕ گژھان۔ تورِیہ فِکرِ...... خأر ژٕ ہن اتھ بلاے امیک فأصلہٕ کرِ وقتے۔ فالحال چھے ژٕنے از راتس مکانہٕ مالِکی کینہٕ ہٕندِس کمرس منز شونگُن۔ (سو چھے مے بمشکل امہِ باپتھ رأضی کرمژ) پانہٕ گژٕ اربو راتھ دانہٕ کُٹھس اندر۔ لہذا چھُے سو پۆر پأٹھی سرکھر کرنک صحیح موقعہٕ۔ ترٛ ژھ کتھ چھے نہٕ یہ زن ژٕ سونچان چھکھ، تہٕ سونچنُک چھے نہٕ سِنز جہِ گھس سوٚنب تہٕ وار۔ بوٗ زتھ بایہ"۔

"مگر بو کتہِ چھُس سونچان"۔

"بابا بوٗ ونے سو چھے میانہٕ باپتھ اَش اَش کران تہٕ موہکی پأٹھی وبگلان۔ مے بچاوتس نشہِ۔ بوٗ لگے نہٕ اُتھ تاونس...... بوٗ تہٕ کرِ چأنی کانْہہ خدمت، چون یہِ احسان نکھہٕ وانِنج کوٗشِش ......"۔

زوٗسی موفن تر وو بز ونہمہِ کھوٚتہٕ سبٹھہے بوٗ ڈاسن کھنگالہٕ۔

"اِدشکار چھُکھ تس ژٕ بوٗ کیاہ کرس؟"

"تہِ چھے نہٕ کہنْی بُڈ گتھ"۔ بو چھُسے ژٕنے یقین دِوان۔ ژٕ کرتہٕ یم وأہیات خوٗش کرنے۔ مگر یتِس کالس تس ژتی بیہکھ زبو چھے نہٕ بنٛد کرٕنی کینْہہ۔ بیٚیہ تہٕ چھکھ ژٕ ڈاکٹر۔ کرتس گنہِ بیمارِ ہُنٛد بہانہٕ رٕٹھ یلاج تہٕ لاگ تن تھی ژتی۔ بوٗ چھُسے قسم ہاوان

ژٕ یِی سخت لطُف۔ تس چھےُ اَکھ پیانو تہٕ بوٚ چھُس رژھ کھنڈ تتھ زیراز پرادِوان پۄرِ وایُن ماچھُم تگان۔ مگر بوٚ چھُسے تتھ پیٹھ جذبأتی رۄسی بأتھ گوٚوان۔ییمیک اَکھ مصرٕ چھےُ "بوٚ ہاران چانہِ دادے خوٚنہِ باران" تس چھےُ یہِ سخت پسند۔ اِدیوٚ ہے بأتھ بنیو امہٕ دأدِ کانگرِ ہُنْد سبب۔ ژٕ چھُکھ پیانو وایٚنس منز ووستادٕ ے بُلکہِ پننہِ وقتُک Rubinstin بوٚ چھُسے ژٕ ے پۄرٕ بروسہٕ دِوان۔ ژٕ ے نیری راتھ اَسان گندان تہٕ تس سمکھِت گژھکھ نہٕ ژٕ مویوٚس"۔

مگر ژٕ ے چھُتھا تس کأنہہ وادٕ دِیتمُت تس ستیٕ کأنہہ تحریرا کوٚرمُت۔ ژٕ ے ما چھتھ تس خاندرُک وعدٕ دیتمُت۔

"نہ بالکل نہٕ کہنٛہ۔ ترٛ ھ چھےٚ نہٕ کأنہہ کتھے سپز مژ۔ بیٚیہ سو چھےٚ نہٕ تمہِ قسمچ زنانہٕ ......شیبا روفن کھنیوٚ پننیٚ کنی کھوٚنہٕ وٹہٕ کھوٚڈ......"۔

"ژٕ ھنس تیٚلہِ بلاے"

"مگر بوٚ ہیکن نہٕ سوٚ تتھ پأٹھی ترٛ اُوتھ"۔

"کیازِ"

"بس ہیکن نہٕ ترٛ اُوتھ۔ بوٚ ہیکنہٕ بیٚیہ کہنٛہ وٕنتھ۔ مےٚ چھُنہٕ تران فکری تس منز کیاہ گٔشش چھےٚ۔ بابہِ توٚ ریہ فکرِ؟"

"تیٚلہِ کیازِ گٔرتھ تس جأدی مأتھر؟"

"مےٚ کوسہٕ جأدی ماتھر گٔرتس؟ مےٚ زن گوٚو پانے خبر کیاہ۔ بوٚ چھُس ناژکہِ بیوقوف۔ تس نہٕ پانس غمے کأنسہِ ہُنْد۔ تس چھِ ہشی کتھا ژٕ آس تس نکھٕ یا بوٚ۔ کانژھا گوٚھ تس لرِ بیہن تہٕ تہنْدِ دادِ ہے تہٕ ووٚ ہے کرُن......بوٚ رِکتھ ہیکتھ ژٕ سمجأوِتھ۔ بابا...... بوزریأضی پرناونس منز چھُکھ ژٕ طاق۔ ژٕ ہیچھناوُن سوٚ Calculus۔ پُنُن قسم چھُسے نہٕ بوٚ مذاق کران۔ تس بڈٕ شوق تہٕ وٕہری وٕریٚس روزِ چأنی کُج مران تہٕ چانہِ وتہٕ وُچھان۔

اکہِ لٹہِ رٔو دس بوتس ہتی دون دوہن لگا تار پرٛشیا کس دارالامراء ہس متعلق کتھ کران (کیا زِ تس نشہِ چھُ کُنہ نتہٕ کُنہِ متعلق بکواس کرُن پیوان)۔

سوٗ گیہِ فریفتہٕ۔ تس وَژھ عارقہٕ شرٛانہِ تہٕ اُکھ سر دووش ترٛاونہِ۔ وونگو خیال تھاوُن زِ یہنہٕ اظہارِ محبت کرکھ کیا زِ سوچھےٚ سخ منزٕ چھان۔ صرف چھُ تس باس دیُن زِ تس دوٗر زُون چھُ مشکل۔ یہے چھےٚ اصل ژھل ژوچھا اُش کرکھ۔ گوڈٕ چھکھ ژٕ ہر فن مولا۔ ژٕ ہیکہن سو کتابو پیٹھ دلیلہٕ بوزناوِتھ۔ اوٕرکی یورٕکی ژرٛ ؤنتھ ناوِ واٗلتھ تہٕ بیہکھ ژتی قلمہٕ ترٛساترٛسا دِنہِ۔ توٗ ریہِ فکرِ۔ یلہِ سو چانی یم صفت وُچھِ۔ سو مرِ ژےٚ پیٹھ تہٕ اگرے تگی بوسہٕ وکنار چھےٚ ڈبکس لکھِت۔

''ژھنس سا بلایہٕ۔ مےٚ کیاہ سہہ لین دین تس ہتی؟''

''اوہٕ بوٗ۔ کتھ ہیکتھ ژٕ سمجاوِتھ۔ اگرے ژٕ بوزکھ۔ تُہ چھوٕ اکھ اکی سُنٛدِ باپتھ تھرٕ نہٕ آمتی۔ مےٚ چھےٚ کہیایہِ چون ذِکر تس نشہِ کوٗرمت۔ اُخر واتکھ ژٕ تتھی تنٛچس پیٹھ۔ وونگو دیریایہٕ زٕ د؟ تتہِ چھےٚ دِل مُہتھ ننہٕ واجبن حُسنہٕ پرٛی۔ تتہِ چھُ دُنیہک عاش وآرام بدس۔ یہٕ چھُ بُترٛاژ پیٹھ پرُسکوٗن جنت۔ دُنیہک کُس آرام چھُنہٕ تتہِ میسر رنگا برنگو مٹھایہٕ۔ قسمہا قسم میوٕ تلتھ گاڈٕ تہٕ گرما گرم سماوار۔ نرم بسترٕ تہٕ گرم شال تہٕ دزٕ وٗنہِ بخارِ۔ کوسہٕ ننہدر پیٚیی تتہِ راتس۔ زنتہٕ آسکھ مؤدمُت تژھ مزٕ ہ ننہدر شونگکھ۔ دوٗن عالمن ہُنٛدی عاش چھی یاف۔ خارژھن اتھ بلایے۔ بہٕ تہِ چھُس سخ فضوٗل کتھ کران۔ شونگن موقعہٕ ووت۔ بوزمےٚ چھُ عادت بوچھس مزٕی مزٕی روتلہِ بیدار گوٕ ھان تہٕ بوٗ آسےٚ رٲسکولن کافس نظر دِتھ یوان۔ توٗ ریہِ فکرِ۔ مےٚ چھُ باسان ژٕ ہیےٚ زِ ننہٕ کانہہ غم تکرِتھ اگرے یرٕ شکھ ژٕ تہِ دِتہٕ مزٕی نظر۔ ہاں اگرے خدانخواستہٕ ژےٚ کینہہ کیٚتھ باسیوے۔ دبن اوس یاتف اوسُس مےٚ گرٕی زِبدار۔ وونگو مےٚ چھنہٕ باسان تمیک پیٚیہِ ضرورت''۔



# (۲)

رَازٕ دِمنہن گوٚ وپگاہ کیُت صبحنس أٹھِ بجہِ بیٚدار۔ سہٕ اوس پریشانٕ تہٕ سنجیدٕ۔ سہٕ اوس کینژٕن نوٚبن دوٚلابن منٛز ہیٚنہٕ آمُت۔ یِمن ہُنٛد نہٕ تس توقع اوس۔ تِمی اوس نہٕ زٕہنٛز سوٗنچمُت زِ سہٕ یلہِ بیٚدار گژھِ تس کیاہ آسہِ ذیٚہن تیتھٕ پأٹھی آورنہٕ آمُت۔ تس پیٚیے راتٕکۍ واقعات رژھِ رژھِ یاد۔ تس توٚر فکرِ زِ تمِس چھُ اَکھ نٔرل تجربہ میوٗلمُت تہٕ اَکھ نٔوٕ پنہٕ توٗرٕ دِلس منٛز پأدٕ گوٚمُت یِنہٕ سہٕ بروٚنہہ سرِ ہے۔ یِتی زون تِمی زِ یُس خواب تٔہنٛدِس تصورس لٕرِ پار گٔرِتھ گوٚ وتمہِ نِشہِ چھُنہٕ کہنٛژ تہِ حاصِل سپدن وول۔ اَکھ تیُتھ لاحأصل خواب یَتھ پتہٕ تس واقعے شرمندگی سپز۔ لِہٰذا أگر تِمی کوٗشش پٔنٕ توجہ اورٕ پھِرٕنٕچ تہٕ لوٗگ تِمن عملی فِکرن تہٕ مصیبتن پتہٕ سوٗنچنہِ یِمن تِمی راتھ ترٛیہِ پھِرٕ پنٕنہٕ کنہٕ لانٕت زٕہنٛزٕ اُس۔

راتہٕ کیوٚ تکلیف دیہہ واقعو منٛز اوس ساری کھوتہٕ بوٚڈ واقعہ یہِ زِ تِمی اوس پنٕنہِ کمینی تہٕ ذلالتُک ثبوٗت دیُتمُت نہ صرف اوٚ کنہٕ زِ سہٕ اوس شرابکِس نشس منٛز بَلکہِ تُل تِمی جوان لٔڑکیہِ ہُنٛدِ حالتُک فأیدٕ تہٕ اَزروٗنہِ کنہٕ پوٚرُن تٔہنٛدِس بٔبن وأرِلس خاندارس لٕبکہٕ فاش۔ یہِ زانٕنہٕ ورأیی یِمن دون کأژاہ ذہنی ہم آہنگی چھےٚ تہٕ یِم کتھ حدس تام چھِ اَکھأ کِس روادار۔ ساری کھوٚتہٕ بٔڈی یہِ کتھ زِ لُذ ہنس متعلق تہِ اوسنہٕ أمِس کانٛہہٕ علم۔ لِہٰذا کیاہ حق اوس تٔہنٛز نو کتہٕ چینی کرٕنک أمِس تہٕ تس متعلق ناروا سلوٗک کرٕنک۔ تمِس أسا کانٛسہِ رائے پرٕژھمٕژ۔ یہِ أسا سوٗنچِن لایکھ کتھ زِ دوٗ نیایہِ ہش نوزُک اندام لٔڑکی کرِ ہے محض دولتہٕ موکھہِ کانٛسہِ ڈِنٛھِس موٚہنوِس یِتی خاندر۔ یہِ کتھ أس صافٕ زِ لُذ ہنس منٛز آسہِ ہے کانٛہہ نہٕ کانٛہہ خوٗبی۔ وونی یوٚ تام زن ڈیرُک سوال چھُ؟ أمِژٕ تمِس کتہِ ہیٚکہِ ہے اتکہِ

ماحولک علم أسِتھ۔ ییٚہ تہٕ اوس سہُ شریفن ہُنٛز بستی منٛز پننہٕ فلیٹ سجاوان، عفوتم کُس طریقہٕ ورتوو۔ امہِ باپتھ یہِ جوأزیت أساہٹہِ وٕنہٕ لایکھ زِ تمی چھُ شراب چۄمُت۔ یہِ جوأزیت أس زیادے بڈٕ ذلالت تہٕ تہنٛدِ نیچ آسنک ثبوت۔ شراب چھُ پزرس وُتش دِوان لِہٰذٕ دژاو پزر جامہٕ ژٔٹتھ نبر تہٕ زن گۄو تہنٛدِ دِلک کھۄچر تہٕ حسدُن نار رۄدنہٕ کھٔٹتھ۔ تِمس کُس حق اوس رومانو ناہشہِ حُسنہٕ پری ہٕنٛدی خواب وُچھنکی۔ تتھ ہِلژکیہ مقابلہٕ کوسہٕ حیثیت أسی تس۔ شرأبی تہٕ مالایأنی ونن وول۔ یہے خصلت ہأو ناتمی راتھ شامنس۔ یہِ اوساجأیز کأنسہِ ہنٛز حیثیت غضب کرنکی خواب وُچھنی۔ یہِ چھُنا بے ضأبطی تہٕ تنٛد مزأجی ہُنٛد نوٚن ثبوت"۔ رازِ ومنہن گۄو وۄزُل نار ہیوٚ یہِ سۄنچِتھ۔ تس پیٚو یاد زہیر پٹھ رٕکِتھ وون تمی تمن ماجہِ کوربن زِ مکانہٕ مأل کِنہٕ ییہِ نہٕ ژٕرونہٕ ییلہِ سو دۄنیایہ تمس ہتی وُچھِ۔ تہِ اوس پزی رکنی ناقابلِ برداشت تہٕ ذلالتک اِنتہا۔ تمی ہو رامیک آنچھ ساری بروٚنہہ کِنِس منٛز دانس۔ یتھ زوردار مشتہٕ وۄلُن اتھ زِ اتھس لوٚگُس تہٕ دانٛچ أکھ سپر آیہِ ہۄت لاینہٕ۔

"افسوس" أکھ منٛٹا گژھِت لوٚگ سہُ پأنی پانس ہتی کتھہٕ کرنہِ۔ سہُ لوٚگ پأنی پانس لعنت ملامت کرنہِ "وۄنی ہیکہِ نہٕ امہِ رُسوأیی ہُنٛد چارہ سپدتھ نہ ہیکہٕ بوٚ اتھ وۄنی روٚف کٔرِتھ۔ لِہٰذا نیرِنہٕ وۄنی أتھ مۄرنہٕ منٛز کہنی تہٕ نہ پزِ اتھ نسبتھ سوٚنچُنے۔ بہتر چھُ لوٚت پأٹھی تمن نشہِ گژھُن تہٕ پنُن حق نکھ والُن۔ آ...... زنتہٕ کہنی سپدمُت اوسنہٕ۔ بوٚ چھیڑنہٕ کتھے۔ ییٚہ ...... معأفی منٛگنی یا نہ منٛگنی چھے وۄنی ہشی کتھاہ کیازِ...... یتھ یہِ گژھُن اوس تتھ تہٕ گۄو۔ یزتہٕ رژھا اگرے أس تہِ موکلیو سورُے وۄنی"۔

تو پتہٕ تہِ ییلہِ تمی پلونألی ژھنی سہُ وسینو اتھ دوہہ کھۄتہٕ زیادٕ۔ دۄیم سۄٹ اوسنہٕ تس۔ اگرے آسہِ ہس تیلہِ لاگہ ہے نہٕ شاید کالک سۄٹ کینہہ۔ "مےٚ پزِ ہے نہٕ وۄنی یہِ سۄٹ نألی لاگُن" أکھ کتھ چھِ زِ سہُ اوس نہٕ لگتہِ صۄرتس منٛز ناصاف روزان۔ سہُ

اوس نہٕ کانٛسہِ ہٕنٛدی جذبات مجروح کرٕنۍ یژھان۔ سہٕ اوسنہٕ کانٛسہِ ناخوش کرُن مناسب زانان خاصکر تمن یموتس تورِ ینہٕ باپتھ وونُمت اوس۔ تمۍ دیُت بُرشہٕ ستۍ پٔتمن پلون پھش تہٕ اگرے کانٛہہ داغ گیٛنۍ وغارٕ اوسُکھ سہٕ کوٚرُن صاف۔ سہٕ اوس ہمیشہٕ چھٕلتھ چھوٚکتھ پوشاک لاگان تتھ معاملس منٛز اوس سبٹھے نفاست پسند۔

تمۍ ہیٚژ نستا سیہس صابَن تہٕ چھوٚلُن کلہٕ تہٕ گردن تہٕ خاصکر تھ ڈیُن بتھس تہٕ اتھن یہ ڈٲلۍ زِتہٕ رنٛد۔ یِیلہِ تس منس منٛز یہِ سوال پاٛد گوٚ وِزِتس پزِیا شیو کرُن کِنہ نہ تس آو خیال زِمکانہٕ مالِکِ کینہٕ چھُ خاندارِ سُنٛد اَکھ جان تہٕ تیز ریز موجوٗد مگر تمۍ کوٚر سبٹھے شرارتہٕ ہتۍ شیو کرنک خیال ترک۔ "بہتر چھُ شیو نہ کرُن۔ اُسن تیتھے پاٹھی۔ اگرے تمو میأنس شیو کرنس متعلق بدل کینٛہہ سوٚنچ...... تم سوٚنچن ضرور کیاہ تام دلیل چھے۔ جان چھُ شیو نہ کرنے"۔

ساری کھوتہٕ ویٚکھر کتھ چھےٚ یہِ زِتمۍ ییمہِ ذلالتک تہٕ کمینی ہُنٛد مُظاہر کوٚر سہٕ چھُ اوباش لفنگن ہُنٛد طریقہٕ...... ییمہِ کتھِ ہُنٛد یقرار آسنہٕ باوجود تہٕ زِ تس اندر آسہٕ شریفن ہُنٛز خصوصیژ موجوٗد...... کیاہ اُس یہ فخر کرنس لایکھ کتھ؟۔ شرافت گژھ پزِتھ انسانس لندر آسنۍ...... تہٕ اَتھی ستۍ پیٚس یاد تمہٕ کینٛہہ لوٚکچہ لوٚکچہ کامہٕ یم تمۍ سرانجام دِژمٕژ آسہٕ...... تہٕ یمن نا معقوٗل وُنن مُناسِب روٗزنہٕ۔ تیٚلہِ کیاہ...... تیٚلہِ کیا زِتس وۄٹھی خطرات بدووتھان۔ یٚیہِ تہٕ اودوتیاہِ متعلق۔ بلاے تِتھبن خیالن۔ نتہٕ اگرے تی چھُ بُن۔ تیٚلہِ پزِتس غلاظتہٕ، چرب زبأنی تہٕ اوباش طور طریقن منٛز تہٕ ریکارڈ حاصِل کرُن۔ تیٚلہِ چھنہٕ کانٛہہ گرین"۔

سہٕ اوس تمہِ وِزِ یمے اوٹ پٹانگ خیال سونچان یِیلہِ زوٗسی موف پراشکو پاوِلونا یہ ہنٛدِس نشست گاہس منٛز راتھ گذٲرِتھ اُمس نِشہٕ ژاو۔

تس اوس گرِ گژھُن اما گوڈ اوس بمارس خبر ہیٛنۍ یژھان۔ رازوٗ منہنن ووہنس زِ

رٚاسکولنکاف چھُ مژ نٚنہٕ رِشوٗگتھ۔ زٕسی موفِن دٚیتنس ہدایت زِ سہٕ گژھِہ نہٕ بیدار کرُن تہٕ وعدٕ دِیتنس زِ بٕ یمہٕ کہہ بجہِ ییہِ خبر ہینہٕ۔ ''بشرطیکہٕ بہنہٕ کوٗٹھرِ منٛز یے آسہِ'' تمۍ ووٚن مزید۔ ''اگر یے بیمار پانس پیٹھ قوبوٗ کرِتھ ہیکہٕ نہٕ تیلہٕ کٔتھ ہیکہِ ڈاکٹر تٔمس یلاج کرِتھ۔ ژٕ یے ماچھے پتاہ یہ گژھیا تمن نشہِ کٔنہٕ تہٕ تِمۍ اُمس نشہِ۔

''مےٚ چھُ باسان تِمہٕ ماتِنۍ یٔرۍ'' رازوٗمیہنن ووٚنس کتھِ ہُنٛد مطلب سمجھتھ۔ مےٚ چھُ یقین زِ تِم کرن گرِکین معاملن پیٹھ کتھ باتھ۔ بٕ روزٕ نہٕ تمہِ ساتہٕ ییتہٕ۔ چوٗنکہٕ ژٕ چھکھ بیمارس یلاج کران لہٰذا چھے میانہٕ کھوٗتہٕ ژٕ یےٚ ییتہٕ روزنُک حق''۔

''مگر بوٗ چھُس نہٕ تہنٛد پاڈٕری زِ بٕ روز وینۍ ییر ان۔ مےٚ چھے ییہِ تہٕ وارِیاہ کامہٕ''۔

''مےٚ چھے اکہٕ کتھِ ہنٛز پریشانی'' رازوٗمیہنن ووٚنس اوزردہٕ حالی اندر۔ گرٕ گژھِ وٗن ونہٕ مےٚ شرابکِس نشس منٛز وارِیاہ بےٚ ہوٗد کتھ...... وارِیاہن چیزن متعلق ...... تمن منٛز ؤنیم اکھ کتھ تہٕ زِ ژٕ یے چھُے ڈرزِ ...... سہٕ ما گژھِ پاگل''۔

''ژٕ یے ووٚنتھ تمن زنہٕ موٗ ہنو ہن پتہٕ''

''مےٚ چھُ معلوٗم زِ یہ چھے سراسر نادٲنی۔ ژٕ اگر یے مےٚ شلکھ کرکھ بٕ کتہٕ کرے واد۔ مگر پزٕ روٗ تِم ژٕ یے چھیا تژھ کینہہ کتھ باسان''

''یہ گییہ صریحاً بیوقوٗفی۔ بٕ ونے ژٕ یے۔ بٕ کٔتھ ہیکہٕ وثوٗقہٕ سان کینہہ ؤنتھ۔ ژٕ یےٚ ہےٚ ؤنتھ حالات اُہنٛزِ دیوانگی ہنٛدی ہوی یمہِ ساتہٕ یوراوٗنتھس اُمۍ سُنٛد ملاحظہٕ کرنہٕ باپتھ...... اسہِ تہٕ رٲوس نونہٕ تیلہٕ رژھا۔ تہٕ تہٕ چھُ چوٗنے کار۔ تہٕ زن گوٚو...... ییلہِ ژٕ یے تٔمس رنگ سازسٕنٛز دلیل ؤنتھ۔ اُسۍ ہےٚ اُسۍ مزٕ سان کتھ باتھ کران زن ہےٚ یہ سوٗ کتھ بٕ زِتھ پاگل گوٚو۔ اگر یے مےٚ علم آسہِ ہےٚ زِ پُلسہٕ تھانس منٛز کیاہ واقعہٕ چھُ گوٗمُت تہٕ تِمۍ حرام زادن اوس اُمس پیٹھ شک کرِتھ او ہنٛد ایمان کوٗ رمُت ...... ہنہٕ...... بوٗ دِمہٕ ہےٚ نہٕ ژٕ یے راتھ تِچ کتھے ٹلنہٕ۔ تِم پاگل چھ الہٕ کُلس تلہٕ کُل بناوان...... تہٕ ژٕ

کرسرٕ تمن چھِ پننہِ قیاس آرائی ہنز بنیادتہٕ پوختہٕ باسان۔ یوٚ تام زن میانہِ یاداشتک تعلق چھُ زیمی تافن یوسہٕ ڈیلیل وٕنی تمہِ ستی سپدی مےٚ روپیہِ ہُندی اُٹھ آنہٕ اندیشہٕ دوٗر۔ دیکھ کتھ پأٹھی۔ مےٚ چھُ اکھ کیس یاد زِ اکھ اُٹھ وُہر بچہٕ ژھُن ژتجیہہ وٕہری نفرن محض یِیمہِ سببہِ مأرتھ زِتس أسی نہٕ کھینہٕ چینہٕ کہِ وقتہٕ اُمس ژُری سُندی مخولہٕ خوش کران۔ رَاسکولنکافنس معاملس منز تہٕ چھَم یژھے ڈیلیل باسان تہٕ زن گوٚوا کھ چھس غوربتن نال وولُمت۔ پُلسہٕ افسرن گرنس بےٚ وقری تہٕ ہُپأری تر ووتپن تہٕ ژٕتھ پُشہٕ کوٚرکھ اُمس پیٹھ یتھ ووکھ شک تہٕ یہِ کتہِ روزِ ہے پننہِ جامن منز۔ پیٹھ یِیلہِ زن گوڈے اُمس نبصفہٕ دیماغ ڈولُمت اوس تہٕ اُہنزٕ خود دأر یہ ٹھُنجر ووتمت اوس۔ لمہِ سارِ کُے پیوٚ اُمس پیٹھ اثر تہٕ مےٚ چھُ باسان اُہنزٕ بیمارِ ہُند گوڈ تہٕ گرٕشہِ اِی آسُن۔ بوٗزتھ بابہِ...... خأر...... منزٕ ونے زیمی تاف تہٕ چھُ کُنہِ شکہٕ ورأے اکھ بہترین انسان۔ مگر...... ہنہ...... تمس پزٕہن نہٕ راتھ تمہٕ کتھ ونہِ...... سہٕ تہٕ چھُ غنٹرغوٚن کرانے روزان"۔

"مگر ووٚنی گس وو پرس وون تمی۔ ژےٚ تہٕ بیٚیہٕ وُون مےٚ؟"

"پرافری لیس تہٕ"

"پتہٕ کیاہ گوٚو؟"

"اچھا منزٕ پرٕ ژھے بیٚا کھ کتھاہ۔ اُمی سٕنزِ ماجہِ تہٕ بینہِ گنیے یا ژےٚ پیٹھ کینہہ پرٕھا۔ تمن وٕنی زِ راز دوہس اُمس برونہہ کنہِ احتیاطے کرُن"۔

"تم کرن تی" رازومنھن وہٕنس مگرتس زن گوٚو اتھ سوالس جواب دیُن ناگوارِ ے۔

"اما وجہ کیاہ چھُ زِ رَاسکولنکاف چھُ لُذ ہنس پیٹھ مخالفت کران سہٕ ہے چھُ بوٚت دَن دولت وول بیٚیہٕ صاف چھُ ننان زِ دوٗ نیا چھےٚ نہٕ تمس ناپسند کران...... پیٹھ چھُم باسان یمن ماجہِ کوربن چھُ نہٕ کھوٚنڈ یونسہٕ تہٕ چندس۔ کِنہ نہٕ؟"

''مگر ژےٚ کیاہ واسطہٕ چھےٚ اتھ ہِتی'' رَازِ دَمنہِن ووٗنس شرارتہٕ ہِتی۔ ''بوٗ کتھ وَنے ژےٚ تمہٕ چھےٚ چند چھنے۔ تمہٕ بی ناپرژھُن ۔ دِلس گژھی ستھ ہش......''۔

''عفو...... ژٕ ہسا چھکھ باضے خرٕ سند کھوتہٕ بتر باسان۔ باسان چھُ راتکہِ شرابک نشہٕ چھےٚ نہٕ ژےٚ وُنتہِ ووتھمُت۔ خدا حافظ ۔میانہِ طرفہ کَری زِ پراشکواپا ولوناہِ راتس جاے دِنہٕ باپتھ شکریہ۔ سو رٕ ؤز راتس دوہِمس کمرس اندر أندری چھٹنی لگأوتھ۔ صبحنس کریومس درواز لیہ کِنی صُبح بخیر تتھ تہٕ دِتُن نہٕ جواب۔ ستہِ بجہِ ؤژھ سو ننبد رِتہٕ رکچنہٕ منز نیوٗ کھ تہٕندِس کُٹھس منز سماوارتہِ مگرےٚ میوٗل نہٕ شرفِ ملاقات......''۔

نوِ بجہِ بأگی ووت موخصر پأٹھی رَازِ دَمنہِن بکالیف ہاوس یمن ماجہِ کوربن ہٕندِس ڈیرس پیٹھ۔ تمہٕ دوشوے زنہِ آسہٕ بےٚ تأبی سان تس پراران۔ تمہٕ آسہٕ ستہِ بجہِ تہٕ سُلی ننبد رِووژھمٕژ۔ اندراژنہٕ وِزِ پھیوٗرتس کرہنیارسہٕ نیمویمن بروٗنہہ کنہِ بےٚ طورتہٕ بےٚ طریقہٕ پأٹھی سلام کرنکہِ غرضہٕ۔مگر ہِتی سپزتس پننہِ اُتھ حرکژ پیٹھ سخت برہمی۔ سہٕ رُؤد دمِ بخودیِیلہِ پلشیر یاتس بُتھِ آیہِ تہٕ پننین اتھن منز تہٕندی اتھ رٕٹتھ لٔج یمن یہ ڈٕلی زِتہٕ میٹھی کرنہِ۔ رَازِ دَمنہِن گرٕ تلی ٹاری اودوتیایہ کُن نظرا۔ تہٕندِس خوددار بتھس پیٹھ أسی احترام تہٕ دوستی ہٕندی جذبات نٔنی ( حالانکہِ تس اوس یقین زِ سو آسہِ تس کُن شرارتہٕ ہٕژرو نظروٗ وُچھان تہٕ بیہٕ آسبس مَنہِ مچھ گأمژ ) سہٕ گوٗ وتہٕند یہ حسنِ سلوٗک وُچھت حأرتن۔ حالانکہِ اگرے سو تمس فاش پرٕ ہے تتھ پیٹھ گژھِ ہے نہٕ تس کانُہہ تعجب۔ خوش قسمتی کِنی اوس اُکھ بأتھ شروع کرنہٕ باپتھ اُکھ موضوع موجوٗ دُے للہذا دِژنہٕ تمی تأرٕ ے یہندِ أسہٕ منزٕ کتھ بتھ شروع کرنس۔

یہ بوٗزِتھ زِ راتس رٕؤدی حالات ٹھیک تہٕ روٗدیا چھُ وُنتہٕ شونگتھے سپز پلشیر یا خوش تہٕ پھربکھ ترأوِتھ لٔج رَازِ دَمنہِنس وِننہٕ ''بوٗ چھس أکس سبٹھے اہم معاملس پیٹھ ژےٚ ہِتی کتھ کرٕنی یژھان'' امہِ پتہٕ پرژھنس ناشتس متعلق۔ تہٕ دعوت دِژنس پانس ہِتی ناشتہٕ

کرنچ یمہِ باپتھ تمہٕ وُنیستام اُمس پراران آسہٕ۔ اودوتیایہِ دبوو گنٹی ہُند بٹن تہٕ اُتھ پتھ ژاوا کھ مالہٕ بہر کمرس اندر۔ تمی اُنی آرڈرٕ مطابق چاے مگر ساری چیز اُسی تیتیاہ گنڈ تہٕ ہے طریقہٕ زِ یمن ماجہِ کورہن وُژھ شرمہٕ ستی کھڑیس۔ رازِ ومنہن لوگ اتھ بورڈنگ ہاوسس واہی تباہی ونہٕ مگر لُذہن یاد پینہٕ سببہٕ کھنیہِ کُمی کتھہٕ تہٕ امہٕ پتہٕ اُچ تس پلشیر یاسوالس پتھ سوال پرژھنہِ یمہٕ ستی رازِ ومنہنس دلی اطمینان میول۔

سہُ رُود قریب دۄنس گنٹس کتھ کران۔ منزی منزی آسہٕ تمہٕ دۄشوے زنہِ سوال کران اما رازِ ومنہن تہِ سپُد رَاسکولنکافنہٕ پتمہٕ وُریچہٕ زندگی ہٕندی واقعات حسبِ یاداشت بیان کرنس اندر کامیاب تہٕ پننہٕ کتھ کرِن یتھ نوکتس پتھ ختم زِ رَاسکولنکاف کمن حالاتن ہٕندِ سببہٕ گوٚ علیل۔ واریاہ گتھہٕ تھاوِ تمی پوشیدٕ تہٕ مٔکن پُلسہٕ تھانس پتھ سپدمُت منظر تہٕ تمیک کیاہ نتیجہٕ دژاو مگر یمہٕ آسہٕ تہِ کھنہٕ لایکھے کتھہٕ۔ تمہٕ ماجہِ کورِ روزٕ تھزٕ ذٔلیل بہ ہوش گوش بوزان۔ تہٕ ییلہِ رازِ ومنہنس باسیوو زِ کتھ تہِ سپز پوٚرٕ تہٕ یمہٕ دۄشوے سپز مطمین تہٕ مگر تس تور فکرِ زِ یمن اوس باسان زِ تمی کُرنہٕ وُنہِ کتھ پوٚر پاٹھی شروع تہٕ۔

"اچھا مےٚ وَن تہٕ ژٕ..... چانی کیاہ راے چھےٚ ..... بےٚ ادبی معاف۔ مےٚ چھنہٕ وُنہِ چون ناو معلوٗم' پلشیر یایہِ پرژھنس۔

"دِمتری پژاکوفچ"

"دِمتری بو چھبس واضح پاٹھی زانُن یژھان زِ..... وونی کمہ آیہِ چھُ سہُ..... عام پاٹھی نامطلب گوڈٕ چھنہٕ مےٚ ونہٕ نُے تگان۔ ژٕ ہیکھا مےٚ وُنتھ زِ تس کیاہ چھُ پسند تہٕ کیاہ ناپسند۔ سہُ چھا ہمیشہٕ ژکھہِ ہوٚتے آسان۔ اگرے معلوٗم چھےٚ تیلہِ ونتہٕ مےٚ توٚ ہُند دِلی تمنا کیا چھُ تہٕ تٔہندی ارمان کیا چھِ؟ سہٕ کمو چیزو ستی چھُ متاثر۔ ژھوٚٹی پاٹھی یہ زِ"

"توباہ..... اُکسے شھس اندر کتھہٕ ہیکہِ یہ یتن سوالن ہُند جواب دِتھ" دۄنیا وُژھ پننہِ ماجہِ کُن۔

''خوداۍ سنٛز مشیعت۔ دِمتری......مےٚ اوسنہٕ وہم وگمانس منٛزتہٕ زِیو وُچھن سہٕ تھِس حالتس اندر''

''قودرتی کتھا چھےٚ'' رازومہنٛن دِتنس جواب۔ ''امہِ لحاظہٕ چھُسے بوٚ بدقسمتہٕ۔ کیازِ مےٚ چھُنہٕ موج کہٕنٛژ۔ ووٕنۍ چھُ مےٚ یور پرتھ وٕریہٕ پیٚتر یوان تہٕ سہٕ چھُنہٕ مےٚ سہل سہل پزٕ بزناوتھے ہیٚکان حالانکہٕ یادٕ ووتر چھُ تس سیٹھا تیز تابحال روٗدی وٕتھر ترین ورین اکھا کس نشہٕ دوٗرتہٕ یہٕ چھےٚ نہٕ گفہٕ کتھا۔ اچھا کیاہ اسکھ ژٕ پرژھان؟ آ۔ وُچھ سارو ڈیا زانن بوٚ ڈوڈٕ وٕریہٕ پیٚتھٕ۔ مےٚ توٚگ بوزُن سہٕ چھُ کم گو، سنجید،نوزک مزاج، خود دار تہٕ رژھا گمنڈی تہٕ۔ یتمہٕ کینٛژ کالہٕ پیٹھٕ......شاید چھُ واریاہ بروٚنہہ پیٹھٕ شکی تہٕ وہمی بنیومُت۔ طبعتن چھُ شریف تہٕ دِلہٕ کنٛی چھُ نرم۔ توٚ ریہٕ فِکرٕ۔ سہٕ چھُنہٕ پننہٕ دِلک حال کانسہِ باوان۔ سہٕ کرِ پانس یزا واتناوٕنۍ برداشت کانسہِ نشہٕ پنٛن دِل ووتھ تراونہٕ مقابلہٕ۔ یتھ اسی دوٚیمن لفظن اندر رٕاندرٕ ہمل ونو۔ بعضے چھُ سہٕ نرم دِل انسانہٕ سنٛدِ بدلہٕ دِلہٕ ہوٚندُرتہٕ سخت جان وحشی باسان۔ زنتہٕ گرِ پتہٕ گرِ توٚ ہنٛد وطیرٕ تہٕ تسٛند کردارلرِ پھرٕنۍ دِوان چھُ تس چھےٚ نہٕ بدلنس تاری لگان۔ گاہے چھُ سہٕ یۄتاہ سنجید بنان زٕ وُچھن وألس چھُ لرزٕ ووتھان۔ زِیو چھُ ونان رژھ چھُنہٕ اورٕ یور گردن پھرنس وار مگرتوتہٕ چھُ شو بنکتھے بہان تہٕ اونٛگجہٕ چھُنہٕ ٹیس تہٕ کڈان۔ مخولہٕ بازی منٛز چھےٚ نہٕ تس کہٕنٛژ دلچسپی اوٚ کنٛی نہٕ زِ سہٕ کیاہ چھُنہٕ زیرک بلکہ چھُ سہٕ ونان یہٕ گوٚ فضوٗلس منٛز وٕکھ ضایع کرُن۔ ژٕ روزتس کتھ کتھ کران اد سہٕ چھُ خبر کتھ سنٛتھ آسان۔ یِم چیز لوٗکن پسند چھِ تمن منٛز چھینہٕ تس کہٕنٛژ دلچسپی۔ پانس متعلق چھُس سیٹھاہے تھٕدی خیال یعنی پنٛن مرتبہٕ چھُس بلند باسان تہٕ اتھ اندر چھُ شاید حق بجانب تہٕ۔ توٚ ریہٕ فِکرٕ۔ وٕنۍ توٚ بیٚیہٕ کیاہ چھُو تُہٕ زانُن یژھان۔ مےٚ چھُ باسان تُہنٛدِ پننہٕ ستی گژھِ تس فرق تہٕ سہٕ گژھِ ٹھیک''۔

''خوداۍ زِن۔ سہٕ تھاوِ تن چونۍ قبوٗل'' پلشیر یایہٕ دوٚن ووش ترأوِتھ

رازدٕ منہن یمہٕ کتھہِ تس روڈیاہس متعلق ونہِ سوٚ گیہِ تم کتھہٕ بوٗزتھ مویوٗس تہٕ وُدٲسی" ۔ تہٕ رازدٕ منہن کرٲ خرس اودوتیایہِ کُن بےٚ وایہِ نظرا۔ سہٕ اوس کتھ کتھ کرنس دوران تہٕ مٕژی مٕژی تس کُن وُچھان مگر رُمس کھنڈ ہیے تہٕ ستی اوس نظر ڈالان۔ سوٲس میزس پٔتھ بٔہتھ ہوشہِ گوشہِ رازدٕ منہن سٕنزٕ ے کتھ بوزان تہٕ پتہٕ وٕژھ تھوٚد تہٕ ٲنجِ نٕرِمرِہ وٕٹھ کُٹھس اورٕ یور گتھ دِنہِ ۔ سوٲس وُٹھ دندن تل دباوان تہٕ مٕژی مٕژی سوالاسوالاتہِ کران۔ اما سوال کرنہٕ وِزِ ٲس نہٕ سوٚ قدم ٹھہراوان۔ عادتہٕ مطابق ٲس نہٕ سوٚ تہِ لوٗکن ہٕنزن کتھن کُن ظوٚن دِوان۔ تس اوس کرہنہِ رنگُک زٲولہِ کپرُک سوٗٹ نالی تہٕ بٔیہِ اوُسس سفید مفلر ڈٕلتھ یمہِ مٕژی تہٕنز گردن بوزنہٕ یوان ٲس۔ رازدٕ منہن کوٚر یہِنٛد پوشاک تہٕ یہِنٛدی باقٕے چیز وُچھِت اخذ زِ یمہٕ چھےٚ سٔبٹھٕے مُفلِس ۔ اودوتیایہِ اگر ے رازدٕ منہن سُنٛد ہیوٗ پوشاک لٲگتھ آسہِ ہے شاید مایہِ ہےٚ نہٕ سوٚ تمی سٕنٛدِس دابس تل۔ مگر چوٗنکہِ تس اوس غریب گوہ پوشاک لٲگتھ تہٕ رازدٕ منہن گوٚ وٲہنٛدٕ بن حالاتن ٲنزی مٕژی ۔ تٔہنٛدِس دِلس مٕنز گوٚ خوف پأدٕ تہٕ سہٕ اوس اَکھا اَکھ لفظ مینتھ توٗلتھ ونان تہٕ پرٛتھ کانٛہہ حرکت سوٗنچِت سمجتھ کران اِوٕ کِنز زِ کُنہِ حرکژ یا کُنہِ کتھہِ ستی گوٚ ژھنہٕ تٔہنٛدِس دِلس ٹُھنجر واتُن۔ یہِ ٲس تِتھس نفرٕ سٕنٛدِ باپتھ ازمائشہِ ہٕنز اہم گریس گوڈے پٔتھن مشکوک حرکژن ہُنٛد احساس گنیومُت اوس۔

"بٲے لالس نسبتھ ونوٕ توہہِ بڈٕ دلچسپ کتھہٕ ...... تہٕ یہِ کینژ اودوٗ نوٕ تہِ روٗرعٲیتی ورٲے۔ یہِ زٲنتھ گیٚس بوٚ سٔبٹھاہ خوش۔ مےٚ توٚر فِکرِ توٗہی چھوٕ میأنس بٲے سٕنٛدی پٔزی تہٕ پُرخلوٗص یار" ۔ دوٗنیایہِ ووٕنس وُٹھ گمناٲوِتھ۔ "میأنہِ خیالہٕ چھُ تُہنٛد یہِ وُنن صحیح زِ تیمارداٲری خاطرٕ گژھِ تس اَکھ زنانہٕ آسنٕی" دوٗنیایہِ ووٕنس مزید۔

"مےٚ وونہ نہٕ تہِ ۔ پوٚز چھون وُنن تہِ چھُ ٹھیکٕے ...... مگر" ۔

"مگر کیاہ؟"

"سہٕ نہٕ چھُ کانٛسہِ ستی محبت کرانٕے تہٕ نہٕ کرِہ" رازدٕ منہن وون غأصلہٕ کُن لفظن مٕنز۔

''تُہنٛد مطلب چھا سہٕ چھُنہٕ محبت کرنس لایکھ''۔

''اَکھ کتھ ونے اوددوتیا ژٕ چھکھ ہوٚ بہوٚ پٔنٛنس بأیس ہِش ......اٹھنہ''۔

رازِ وٕمنہن گوٚو حأران زِ یہِ وأہیات کتھ کتھٕ کٔڈ تمہِ زیٚوِ۔ کیازِ تس پیٚو یکدم یاد زِ ژٕنی کیاہ کیاہ اوس تمہِ أہنٛدِس بأیس متعلق وونمُت۔ سہٕ گوٚو بُتھِ ووزُل نار ہیوٚ۔ برابر یتھ پأٹھۍ اوسیٚنوٕ ووزُل آسان چھُ۔ تس گیہِ عقلہٕ بقل تہٕ تہنٛز یہِ حالت وُچھِت ژٕوٕل اوددوتیایہِ اسن کھنگالہٕ نیرِتھ۔

''روڈیا ہس متعلق چھوٕ شاید توٚہہِ دوشوٕنی غلط فہمی''۔ پلشیر یایہِ وۆنُکھ بُتھ ژٕکرأوِتھے۔''یوٚ چھبس نہٕ أزی کیٚن حالاتن کُن نظر کٔرِتھ ونان۔ دۄنیا۔ پیٹر پیٹر ووچھن یہِ کیٚنژھا یتھ چیٚشِ منٛز لیٚو کھمُت چھُ ممکن چھُ ژےٚ تہٕ مےٚ آسہِ تہِ غلط پأٹھۍ سمجھُمت۔ لہٰذا دِمتری پراکوفچ ژٕ ہیکہٕ نہٕ اندازے لگأوِتھ روڈیا کۆتاہ سنجیدٕ تہٕ یہِ ژٕپِ زِتہِ وہمی تہٕ چھُ۔ مےٚ ہیچ نہٕ أمِس متعلق تمہِ وِزِتہٕ کانٛہہ شبقہٕ رائے قأیم کٔرِتھ یِیلہِ سہٕ فقط پنداہ ووہر اوس۔ کیازِ سہٕ اوس نہٕ ژٕہنٛی اکی قطارٕ روزان۔ سہٕ کرِوٕنی أکِس آنس اندر تیتھ کارنامہٕ یمیک نہٕ بیاکھ وہمہٕ گُمانہٕ تہِ کٔرِتھ ہیکہِ......مثالاً ونے۔ خبر ژےٚ چھیٚہِ معلوٗم ڈوڈۍ ری بروٗنہہ کریونم ہارٹ فیل تہٕ یوٚ دراییٚ موتکہِ أسہٕ منٛز واپس۔ یِیلہِ ناتس چھوٚ کرِ ستی خاندر کرن یژھان اوس۔ کیا اوسِ تس ناوٕ تمۍ سےٚ مکانہٕ مالٕکی کیٚنہِ ہنٛز کورِنا؟ ووٚ ہے مشرے گوم''۔

''ژےٚ چھیٚہِ تمۍ یہِ قصہٕ وۄنمُت'' اوددوتیایہِ پرژھنس۔

''ژےٚ چھیٚہِ باسان'' پلشیر یایہِ تھأوٕ کتھ جأری۔''ژےٚ چھیٚہِ باسان میانہٕ اوٗش ہارنہٕ۔ میانہِ گُلی گنڈنہٕ میانہٕ کأبل گژھنہٕ غمہٕ ستی میانہٕ مرنہٕ یا میانہِ غور بتھ سبب پھیر ہے سہٕ پٔنٛنہِ ہنہِ باز؟ نہٕ۔ سہٕ بر ہے نہٕ کُنہِ کٔے وایہِ مگر تمیک مطلب گوٚو نہٕ یہِ زِ تس چھُنہٕ سون محبت''۔

مےٚ نشہِ چھُنہٕ تمۍ امہِ کتھِ ہُنٛد ذِکر تہٕ زانٛہہ کوٚرمُت''۔ رازِ وٕمنہن دیٚتُکھ

جواب۔ ''مگر مےٚ چھُ پراشکوانٕے'' اتھ متعلق وَنُمت۔ یس نا بو پشنکاونان چھس۔ حالانکہِ سوچھےٚ نہٕ گپ شپ کرن واجبن زنانہٕ۔ مگر مےٚ یہِ کینژھاہ بوٗزمت چھُ تہٕ چھُ تعجبس لایکھ۔

''ژےٚ کیاہ چھُتھ بوٗزمُت'' دوشوٕے ماجہِ کوربو پرژھُس یک لخت۔

''خاص چھےٚ نہٕ کانٛہہ کتھ۔ بس چھُم یہِ بوٗزمُت زِ تس لڑکیہ ہُنٛدِ مرنہٕ سببہٕ چھُنہٕ سہٕ خاندر سپدتھ ہیو کمُت ووٚنگو کورِ ماجہِ تہِ اُس نہٕ سہٕ خاندر سپدنچ مرضی۔ دپان لڑکی تہِ اُس نہٕ تیژ خوٗبصوٗرت۔ صاف پاٗٹھی ونہٕ بومےٚ آو ونہٕ سوچھےٚ سنبٛھے بدصوٗرت اُسمژ...... سولِہے نہٕ کھٕنٛڈ ہار تہِ۔ کیٛاہ تام عجیبے زاتھ چھےٚ اُسمژ۔ مگر باسان چھُ تمس آسہٕ ہن کینٛہہ خوٗبیہ تہِ یٛیمہِ کِنی سومنس پژیہِ وُٕنی آسہِ ہے...... تس چھنہٕ کانٛہہ دولتھ تہِ اُسمژ تہٕ روڈی تہِ کرِ ہے نہٕ تس محض دولتمند آسنہٕ سببہٕ قبوٗل...... بہرصوٗرت تِتھین معاملن ہُنٛد ژوٚک کیاہ چھُ آسان تمیُک فأصلہٕ کرُن چھُ پتھ وَتھ پٮ۪ٹھے مشکل بٔلکہِ ناممکن اوسمُت۔ تہٕ اُسی تہِ کیاہ ہیٚکو وٕنتھ''۔

''مےٚ چھُ باسان سو آسہِ ہے جان کورِ ہن'' اودوتیایہِ وُنُس موخصر۔ ''خدا بخشِنم۔ بوٗگیس تٔہنٛدِس مرنس پٮ۪ٹھ خوشی۔ حالانکہِ کٔہنٛدِ باپتھ گُس اوس وبالِ جان تہِ چھُنہٕ مےٚ وُنیستام تہِ معلوٗم۔ رَاسکولِنکا فِن اُساتٔہنٛز زندگی کٹڑ ربناٗوُمژ۔ کِنہٕ تمہِ اُمی ہنٛز ''پلشیر یاژٹ اُتی یہِ کتھ۔ تہٕ امہِ پتہٕ لٕج لُذ ہنسِ اوتر کِسِ ملاقاتس نسبتھ تس سوال پرژھنہِ۔ سوال اُس سوکھوژی کھوژی کران تہٕ دوٗنیایہِ ہُنٛدِس بتھس کُن تہٕ اُس لگاتار پاٗٹھی وُچھان یٛیمہِ تلہٕ صاف ننان اوس زِ تس اوس دوٗنیایہِ ہنٛزِ ناراضگی ہُنٛد لرزِ۔ تس اُس اُمی واٗرداتن واہ واٗجمژ بلکہِ اُس ترہر پمژ۔ رَازوٚمنھن وُنی یٮ۪یہ اکہِ پھِرِ تمہِ ملاقاتکۍ تفصیل ووٚنگووُنی کبس ووٚمن سہٕ نتیجہ تہٕ یُس تمی امہِ ملاقاتہٕ تلہٕ اخذ کوٚرمُت اوس۔ تمی کھول نہٕ ولنہٕ پاٗٹھی رَاسکولِنکافس یہِ راہ زِ پیٹر پیٹروِچس کُر تمی زاٗنتھ ماٗنتھ بےٚ

عزتی وُنی کیٚبس اوسنہٕ سہٕ یٖیمہٕ کتھِ ہُنٛدِ حقہٕ زِ بیمار آسنہٕ سببہٕ چھےٚ رَاسکولنکافنہٕ یہٕ حرکت درگذر کرِنی لایکھ۔

''کیا زِ امیک منصوبہٕ اوس تُمی برونٹھے بنوومُت ...... میون خیال چھُ اِی''۔ ماجہٕ کوٚرتھ نہٕ کتھِ ستی اتفاق۔ مگر تس اوس تعجب گژھان زِ رَازومنہن رکتھ چھُ وُنی کیٚبس شائستہٕ تہٕ موحتاط پاٹھی کتھ کران تہٕ بیٚیہٕ پیٹر پیٹرووِچس نسبتھ احترامک اِظہار کران۔ اودوتیا رومانوناتہٕ پیٚیہٕ حاَرتن۔

''گوٚو پیٹرووِچس متعلق چھےٚ چاۓنی یہے راے''۔ پلشیر یا الیکزندرونایہٕ ووٚنُس حالانکہٕ سوٲس نہٕ یِم لفظ زبِ کڈِنی یژھان۔

''اَتھ منٛز کیاہ شک چھُ'' رازومنہن دیتُس شبقہٕ پاٹھی تہٕ گرمجوشی سان جواب۔ ''یو چھسے نہٕ محض چون دِل رچھنہٕ باپتھ ونان بلکہٕ ...... امہٕ رکنی ...... زِ چانہٕ کورِ چھےٚ پننی مرضی زِ سوکریاأمس نفرس ستی خانٛدر کرُن پسند۔ اگرے مےٚ راتھ شامن تہنٛدِ ناوٕ واٲہی تباہی وُنی تہٕ تمیک وجہ چھُ صرف اِی زِ مےٚ ...... مےٚ اوس شراب چیٚومُت ...... زنتہٕ بو پاگل گوٚمُت اوسُس ...... مےٚ اوس پوٚرٕ پاٹھی دِماغے ڈولمُت ...... از صبحن یێلہٕ مےٚ یاد پیٚو بو گوس شرمندٕ''۔

یہٕ ونان ونان ووٚزلیو سہٕ تہٕ زنتہٕ اوش بٕگہٕ آس۔ اودوتیا رومانونایہٕ تہٕ گوٚو بُتھیک رنگ تریل ہیٚو۔ مگر زبِ ووٚن نہٕ رکہنی تہٕ۔ یێتِس کالس لذہنس متعلق کتھ باتھ سپدان روٗز تیتِس وقتس کوٚر نہٕ تمہٕ ستھ یاژتھ۔

پلشیر یایہٕ اوس نہٕ دوٗنیایہٕ ہنٛدِ ژھوٚپہٕ کرِتھ بیٚہنہٕ سببہٕ ووٚنی کتھِ ہنٛد انٛد شانٛدٕ ے یوان۔ اٲخر کوٚرن جگرے تہٕ کورِ ہنٛدِس بتھس کُن مدأے گنٛڈٕ تھے کوٚرتمہٕ بیٚقرار زِ اکہٕ کتھِ سببہٕ گیہٕ سوسخت پریشان۔

''بوز سادِمتری پراکوفچ'' سونچ وہنہٕ ''دوٗنیا ...... یو چھسے دِمتری لیس ستی صاف

صاف پأٹھی کتھ کرٕنی یژھان"۔

"یتھ منز کیاہ ہرج چھُ" اوددوتیایہ دیتُس اجازت۔

"کتھ چھےٚ یہ زِ" کتھ کرنُک اجازت میلنہٕ پتہٕ لوٚتیوٚتُس ہنا ذہنگ بارتہٕ ہیوٚتُن وَنُن "از صُبحس روٚٹ اَسہِ تمہِ چِٹھِ ہُنٛد جواب۔ یَتھ منز اَسہِ یوروانٹنگ اطلاع پیٹر پیٹروِچس دِتُمت اوس۔ تمہِ اوس اَسہِ وعدٕ کوٚرمُت زِ سہ یِیہِ سٹیشنس پیٹھے سون خأر مقدم کرنہٕ۔ اماپوٚز تمی سوٚز اَسہِ اَکھ نوکر یتھ یمی اَسی ڈیرس تام واتناوی۔ چھُکھ بوزان۔ یتی اُسن چِٹھی سوٚزمژ زِ پانہٕ واتہِ پگاہ صُبحن یوٚری مگر ازواٚژ تہٕنٛدِ طرفہٕ یہ چِٹھِ۔ رٕٹھ پرُن ژٕ پانہٕ یہ چِٹھی تہٕ پتہٕ ونتہٕ مےٚ پنٕنی رائے۔ اَکھ کَتھ چھِ تمی اَتھ منز لیچھمژ یمہِ بوزِیادٕ پریشان کرِس...... چِٹھی پرِتھ تری پانے ژٕے فِکرِ...... دِمتری پراکوفچ چوٚنکہٕ ژٕے چھےٚ معلوٗم روٗدُمُن طبیعت کیُتھ چھُ لہٰذا ہیکِکھ ژٕ بیٚین ہُنٛدِ کھوٚتہٕ بہترٕ تہٕ موزوٗن مشورٕ دِتھ...... یہن تہِ وَنے دوٚنیایہِ نیوٗ فی الفور پنٕن فأصلہٕ کرِتھ۔ مگر مےٚ چھُنہٕ وُنہِ تگان بوزُن زِ مےٚ کیاہ پزٕ کرُن یوٚچھبس دولابس منز پیأمژ...... یوٚچھبس ووٚنی چأنی رائے زانٕنی یژھان۔

چأنی صلاح پتہٕ ہیکہٕ یوٚ کُنہٕ نتیجس وأتِتھ"۔

رَازِ وِمنھن مُژ رأو چِٹھی۔ یتھ پیٹھ کالک تأریخ درج اوس۔ تہٕ لوٚگ یتھ پأٹھی چِٹھی پرنہٕ۔

"محترم المقام! پلشیریا الیکزندرونا۔ یوٚچھس یمہِ کتھِ باپتھ شرمندہ زِ راتھ ہیوٚکس نہٕ یوٚ کنٹرونا گذر ریلوے سٹیشن تتھی مگر مےٚ سوٚز پنٕن اَکھ سبٹھے بروسہٕ وول مُلازِم تہٕنٛد استقبال تہٕ تہٕنٛز رہنمأیی کرنہٕ۔ آمزید ہیکہٕ نہٕ مےٚ پگاہ تہِ تہٕنٛد شرفِ ملاقات نصیب سپدِتھ کیازِ مےٚ چھُ پگاہ عدالتس پیٹھ اکہِ ضروٗری کامہِ باپتھ گَژھُن تہٕ حالتس منز واتٕن تہٕ گوٚھنَم پتہٕ زنگہٕ ہیوٚر گژھن۔ دوٚیم چھےٚ ژٕے نچوٚس تہٕ اوددوتیا رومانونایہِ پیٹھس بأیس سمکھُن تہٕ توٚہہِ آسہِ ضروٗر بضروٗر گریلو معاملن پیٹھ کتھ باتھ کرٕنی لہٰذا پزٕ نہٕ مےٚ

تِتھِس موقعس پٮ۪ٹھ أچھی منز کٕتھ بٔنن۔ مےٚ چھےٚ وومید بوٚ ییمہٕ پگاہ شامنس أٹھن بجن تام گُنہٕ تہٕ حالتس اندر تۄہہِ نشہِ۔ مگر بوٚ چھُس یہِ گذأرِش کرنٕچ جسارت کران زِتمہِ وِزِ گژھِنہٕ اتہِ روڈین رٔ اسکولنکاف رومانووِچ موجوٗد آسُن۔ کیازِ تمی کٔر مےٚ یوٚہ تہٕ پأٹھی بےٚ عزتی یِنہٕ بوزا نہہ سرٕ ہایٮ۪لہِ بوٚتس سمکھنہٕ گیوس۔ تمی بٔر میأنس دستارس رب تہٕ پٔتمِن یارن دوستن تھی کوٚرنس ذٔلیل۔ توتہِ اوسنہٕ تس تمہِ وِزِ زوٚ ٹھیک مےٚ چھُ باسان تِیلہِ اوس میون زندٕ واپس یُن محال۔ امہِ علاوٕ چھُس بوٚ کینژ ن کتھن ہنٛز وضاحت صرف چانی زبِو بوزٕنی یژھان۔ تہٕ صرف چأنی رائے زانٛنۍ یژھان۔ بوٚ تھاوے یہِ کتھ تہِ وٕنتھے زِ اگرے میانہِ امہِ عرضی باوجوٗد یوتہٕ روڈی وُچھن۔ بوٚ گژھ پوٚت کھوری واپس نیرنس پٮ۪ٹھ مجبوٗر۔ تہٕ اتھ ذِمہٕ وار آسکھ ژٕ مےٚ کھالی زِنہٕ پتہٕ راہ۔ یہِ لیوکھےٚ ییمہِ اندیشہٕ سببہٕ زِ روڈین رومانووِچ یُس میانہِ ملاقاتہٕ وِزِ سبٕتھے علیل تہٕ پتلہٕ اوس پیوٚ مُت اوس صرف زٕ گنٹہٕ گژھتھ ٹھیکیوٚ مُت تہٕ أسس بِستر تہٕ گرترأ وِتھ نیرنس سُمب ہمت گأمٕژ۔ لہٰذا کیاہ وأےچھُ سُہ مایہہِ تۄہہِ نشہِ تہٕ۔ یہِ چھُےنہٕ غلط تمہِ ساتہٕ وُچھ مےٚ سُہ پٔننو أچھو تس شرأبی سٔندِس ڈیرس پٮ۪ٹھ یُس أکِس حادثس منز ہٮ۪نہٕ یِنہٕ سببہٕ پتولا کن مارٕ گوو۔ تہنٛزِ جوان کوٗرِ یوسہٕ پٔننہٕ چال وچلنہٕ کِنۍ سبٕتھے بدنام چھِ دِتی أمی مألی سٔندِ کفنہٕ دفنک انتظام کرنکہِ بہانہٕ 25 روبل۔ تہٕ وُچھِت گیہ مےٚ حدٕ روس حأرأنی زِ تمی کتھٕ کوٚر امیک جرعت زِ پانس کم قبالہٕ گرِتھ اوستھ ژٕےسُہ رقم جمع کوٚرمُت...... خأرأخرس پٮ۪ٹھ وٕنی زِ خصوٗصی طور پٔننہٕ قأبلِ قدر کوٗرِ اودوتیا رومانو نایہ میأنی پُرخلوٗص سلام۔

تُہنٛد تابیدار

پی لُذہن۔

"دِمتری پراکوفچ...... وونی ونتہٕ ژٕ ے بوٚ کتھٕ دِمہٕ نارس نرٕ۔" پلشیر یایہٕ ووہنس یہِ ڈٔلِ زِتہِ وَدان وَدان۔

''بو کمہِ زیٚوِ ونہٕ روڈی لیس یوراپز نہٕ۔ راتھ چھُ تمٕ ووٚمُت پیٹر پیٹرٕ وِچس گرزیو جواب تہٕ از سوٗزنم لُذہٕنن حُکم نچوٗس دِی زِنہٕ ڈیرِس پتھ ینہٕ۔ اگرے زن تِمس یہِ کتھ کنَن گیہِ سہٕ یہِ عمداً تہٕ قصداً یور...... پتہٕ چھُنہٕ پتاہ کُس حال بنہٕ؟''

''بہتر چھُ اوودوتیا رومانونا یہِ ہُنٛدِ ہے فائصلس پتھ پکُن۔ رَازوٗمنہِن ڈِنس پڈٕ اطمینان سان جواب۔

''وُ چھ ساٹا ٹھیا۔ سو چھےٚ ونان...... گوڈٕ چھُ خدا ایسی علمٕ تس کیاہ چھُ مطلب کیازِ سو چھےٚ نہٕ پنٛنٕ کتھ صاف صاف ونان۔ خأرسو چھےٚ دپان۔ بہتر چھُ بلکہِ اشد ضروٗری چھُ زِ روڈیا گرٕ تھِ اُٹھِ بجہِ پیتٕ آسُن تہٕ تم دوشوے گرٕ چھن اکھ اَکِس روٗبروٗ سمکھنہٕ.... اِدساتہٕ بو چھبس نہٕ تس چِٹھی ہاونی تہِ پرٕ ھان۔ میون خیال چھُ ژِ دِی زِنہٕ تِمس کُنہِ ژھلہِ یورِینس اَتھ وتھے...... کیازِ سہٕ چھُ ؤلی ؤلی شرارتس لاینہٕ یوان۔ تس چھُنہٕ رژھ تہِ برداشت...... پتہٕ چھے نہٕ مےٚ تِمس شرأبی سُنٛد قصہٕ یُس ٹانگس تل گرٕ ھنہٕ پتہٕ موٗدمُت چھُ تہٕ تِہنٛزِ کورِ ہُنٛد قصہٕ رژھ تہِ فِکرِ تران۔ بو چھبس راوان تِہنٛزِ کورِ کتھٕ دیُت اُمی سوٗرے رقم......''

''یمہِ باپتھ ژےٚ پرٕ ھ قوربأنی دِژ تھ۔ کہے موجی''۔ اوودوتیایہِ کوٗرِنس کتھ پلنأوِتھ جُملہٕ پوٗرٕ۔

''راتھ اوسنہٕ سہٕ مغزو برابر'' رَازوٗمنہِن وٚون کیاہتام سونچان سونچان......

''اگرے توٚہہِ معلوٗم آسہِ ہے راتھ کمہِ حرکژھ اوس سہٕ ریستورانس اندر کران حالانکہِ تمہِ حرکژ آسنہٕ خأری از مانہِ تہِ کینٛہہ۔ ہنہٕ...... وچھو سایہیلہِ اَسی راتھ شامن ڈیرِس کُن پکان أسی۔ سہٕ اوس کس تام موٗدی مِتس نفرس تہٕ اَکس لڑکی متعلق کتھ ونان مگرمےٚ توٚرنہٕ اَکھ لفظ تہِ فِکرِ...... کیازِ۔ راتھ شامن اوسُس نا بوپانہٕ تہِ......''

''موجے ژِ بوزمیون...... سانہٕ خاطرٕ چھُ بہترٕ ای زِ اَسی گرٕ ھو تِمسے نِش۔ مےٚ

چھُ یقین اُسی ہیکو تتھ یکدم یمہِ کتھِ ہُند فأصلہٕ کٔرِتھ زِ اَسہِ کیاہ پزِ کرُن۔ ییٚہ ووت وونی دوٚہ تہٕ یور۔ افوٗ...... داہ چھےٚ بجےٚ ہمٕتۍ''۔ تس ژٔج کڑکھ نیٖرتھ تتھےٚ سوٗنہٕ سُنٛزِ چینہِ آویزان سوٗنہٕ سُنٛز مینا کأری کٔرِتھ خوٗبصوٗرت گرِ وَکھ وُچھن، یوسہٕ تس نٲلۍ اُس۔ تٔہندِس پوشاکس تہٕ اتھ گرِ اُس نہٕ کانٛہہ مُشاہبت باسان۔

''یہِ آسبس لُذہٕن ڈٲلۍ سوٗزمٕژ'' رازٕ وِمنہٕن سوٗنچ۔ ''ہے کیاہ گوم...... وۄتھ نیٖروتیلہِ کُنی بُد۔ دوٗنیا''۔ ماجہِ ووٚہنس بانٛبرٕ ہٕژ۔

''سہٕ آسہِ سونچان اُسی چھِ تس راتہٕ پیٹھہٕ ناراض۔ کیاہ زِ واریاہ ژیر گوٚو۔ توبہ۔''

یہٕ ونان ونانے دِژ تمہِ تھارِ ہٕژی کلس ٹوٗپی تہٕ ییٚہِ لوگُن چوٚغہٕ نٲلۍ۔ دوٗنیایہٕ تہٕ لوگ یہِ کینژھاتس نٲلۍ لاگُن اوس۔ اتھٕ پنجہ اوُسُس ژھیٚونمُت مگر بےٚ ڈول اوسنہٕ یہٕ زن رازٕ وِمنہٕن محسوٗس کوٚر۔ یمہٕ یوٚ دوٚے دوٗری مُفلس باسان آسہٕ توپہٕ تہٕ اوس یہُند ڈول اعلیٰ پایہِ باسان۔ یِژھ شان چھِ اکثر تمنٛے لوٗکن آسان یمن غُربتس اندر تہٕ پلو پوشاک نٲلۍ لاگُنگ طور طریقہٕ معلوٗم چھُ آسان۔ رازٕ وِمنہٕن ترٲو دوٗنیایہِ کُن بہٕ صد احترام نظراتہٕ تٔہنٛز نگہبأنی کرِنی باسیوس بأعثِ فخر۔ ''رازٕ رِینہِ اگرے مُفلسی بَکنٛ جورابن تام روٗف کٔرِتھ آسہ'' رازٕ وِمنہٕن لوٚگ سونچنہِ...... ''سو چھےٚ توتہٕ رازٕ رِینی۔ کانٛہہ قأدہیکہِ نہٕ توہند روتبہ کم کٔرِتھ۔ رِژھ رِژھ چھےٚ یہِ رازٕ رِینی باسان بٔلکہِ تمہِ کھوٚتہٕ زیادٕ وونگو شاہانہٕ ضیافژ زن چھےٚ نہٕ کھوان تہٕ سہٕ عأش وعشرت زن چھُس نہٕ''۔

''میانہ خدایا'' پلشیر یایہِ ووٗن اتھٕ موٗران...... ''مےٚ اوسنہٕ وہم وگمانس منٛز تہٕ یو کیاہ کھوٗژ زانٛہہ نچوٗس بتھ دِنہٕ۔ یُس میون اُچھی گاش تہٕ دلُک آرام چھُ۔

''مےٚ چھُ وحشت گژھان۔ دِمتری پرا کوفچ مےٚ چھُ دِل راوان'' تمہِ ووٗن موٗمنیمژ وأ چھولذ ہٕنس کُن نظر ترٲوِتھ۔

''موٚے آس موجی کھوژان''۔ دوٗنیاہن ووٚہنس میٹھی تہٕ موٗنہِ کران ''بہتر گوٚو

تمٕہی پیٹھ بروسے کرُن''۔

''کوٗری ...... مےٚ ہیٚ چھُ تُمٕہی پیٹھ بروسہٕ۔ وونگو رالتس چھم نہٕ اَکھ زولہٕ تہٕ اُرمٕژ''۔ بچارِ پلشیر یایہِ دِتنس ووش ترأوتھ جواب۔

تم وأتی سڑکہِ پیٹھ۔

''دوٗنیا۔ ژےٚ کتہِ ووٚنُے مےٚ۔ صبحن یِیلہِ گاش پھوٚلتھ مےٚ ننبدرِ زِ پھ کھُنڈ گیہِ مےٚ وُچھ مارفا پیٹرونا خوابس منز۔ کلہٕ پیٹھ نلس تام سفید لباس لأگتھ سوآیہٕ مےٚ نزدیک تہٕ اُرن میأنس اتھس تھپ۔ مےٚ کُن وُچھِت کِلہٕ نووتمہِ کلہٕ۔ وارٕ وارٕ نہٕ ئلکہِ زورٕ زورٕ زنتہٕ مےٚ کیاہ تام قصوٗر اوس کوٗرمُت۔ تتھے پأٹھی أسم وُچھان ...... خبر یہِ چھارُتے شوٗگن، دوٗنیا! دِمتری پراکوفچ ژےٚ چھُے نہٕ شاید پتاہ مارفا پیٹرونا چھےٚ کرتام موٗمٕژ''۔

''بوٚ کتہِ زانن مارفا پیٹرونا''۔

''سو موٗیہِ ہنگتہٕ منگہٕ۔ وہم وگُمانس منز تہٕ اوسنہٕ زِ......''

''موجی۔ تلے تھاوُنی کبس یہِ ذٔلیل وٕنۍ''۔ دوٗنیا ہن پھیُر ئلِ ئلی توھند ظوٗن۔ ''یہِ کتی زانہِ مارفا پیٹرونایہِ''۔

''ووٚ ہے تقصیر۔ دِمتری پراکوفچ مےٚ دِی زِ معأفی۔ گوٚوٕژ زانہٕ ہن نہٕ سو؟ مےٚ اوس خیال ژےٚ چھُے رَژھہ رَژھہ معلوٗم۔ مےٚ چھُنہٕ بوزنُے تگان پتٕمیو کینژہ ودہو پیٹھ کیاہ چھُ مےٚ گوٚمُت۔ مےٚ چھُکھ ژٕ حضرتِ ہاتفی باسان تہٕ لہٰذا چھُم گُمانہٕ گژھان زِ ژٕ آسکھ اَسہِ پۄرٕ پأٹھی زانان۔ مےٚ چھُکھ ژٕ پنُن اَکھ انگ' اَکھ أشناو باسان۔ یینہٕ ژٕ ناراض گژھہم یہِ ونس پیٹھ ...... اوہ ...... ژےٚ کیاہ ذٔلیل چھےٚ دِچھنِس اتھس۔ یہِ ما چھُتھن پھُٹر ومُت؟''

''رَژھا چھُس لوٚ گمُتے''، رَازوٚمنہِن ووٚنُس درجواب سہٕ اوسنہٕ ویٚژان گنہِ تیوٗت خوش اوس۔

باضے چھبس بۆ دِل مژ رِتھ ووندٕ باوان۔ مگر دُنیاہِ چھُم نہٕ تہِ پسند۔ میون یہِ طریقہٕ چھُ اُمِس غلط باسان...... خاٗر بۆ چھبس سونچان کتھِس کو کرٕمِس مژ چھُ. میون خانہٕ مول روزان۔ اتھ مژ چھُ دَم گژھنُک خطرٕ۔ ییٚہِ چھاٗتھۍ مکانہٕ ماٗلی کینہٕ اتھ کمرٕ ونان؟ خبر نہٕ بِدرِ آسیا ووتھمُت؟ اچھا یہِ وَنِتم چانہِ وننہٕ مُطابق چھُنہٕ روڈ یا پٔژ ووندٕ باوان یا خیالن ہُنٛد اِظہار کران۔ مےٚ چھُ باسان بۆ ما کرن سہٕ ناراضے۔ کیازِ مےٚ چھےٚ نا بگ بگ کرنٛچ کمزوٗری۔ دِمتری مہربٲنی کٔرِتھ وَنِتم ژےٚ بۆ کیاہ تہٕ کتھٕ کرٕ تمِس ستی گتھ۔ بۆ چھسے وُنی کیس سخ پریشان"۔

"اگرے ژےٚ باسی تس چھےٚ شرارت۔ تیٚلہِ کٔری زبس نہٕ سوالن پٹھ سوال خاص کرٕ کُنہِ اکِہِ بےٚ معاملس پٹھ نہٕ...... آ...... صحتس متعلق تہِ پرژھی زبس نہٕ زیادٕ کینہہ۔ تہِ چھُے نہٕ تمِس ہرگز پسند"۔

"کیاہ ونے گو برا۔ اولادٕ دود کوٗتاہ مشکل چھُ۔ او...... تہٕ...... اَسی ہے ہیرِ نشہِ وٲتی...... گوڈٕ چھایہِ ہیرٕ کنہٕ قیامت"۔

"موجی...... ژٕ ہےٚ لبد رے یِگھ۔ کھوژ مَے"۔ کورووٕ ہنس پٔہنس سینس پٹھ صلیبچ علامت بنٲوِتھ تہٕ پتہٕ ووٕہنس زوتہٕ ؤنیوا چھونظرا کٔرتھ۔ "سُو ہے برٕ ژےٚ وُچھتھ شادی۔ مگر ژٕ چھکھ خامخواہ پانس آزار واتناوان"۔

"توہی ٹھہرو...... بو دِمہٕ نظر سہٕ چھانہٕ بِد رِوو تھمُت کنہٕ نہٕ"۔ راز ومنہن ہنٛدِ ہدایتہٕ پتہٕ پکِہٕ تمہٕ دوشوے تس پتہٕ پتہٕ۔ تہٕ ییٚلہ ژوٗرمس پوہرس پٹھ مکانہٕ ماٗلی کنہٕ ہٕنٛدِس کمرس نشہٕ واتٕ تمو وُچھ تہنٛدِ کمرٕ کہ اڈٕ وتھِ درواز منٛزی آسہٕ زٕ کریہنہِ چشمہٕ تمےٚ ماجہِ کور بن پٹھ لگتھ، تٔہنٛدِس کمرس لٔد رزن اُس نہٕ گاشہِ لٔے تہٕ باسان۔ ییٚلہ یمہٕ ماجہِ کورتہِ اوٗرکُن وُچھنہٕ لجہ درواز آوتتھٕ پاٹھی ٹاس کٔرِتھ بنٛد کرنہٕ زِپلشیر یایہِ ژٔجیہِ ڈٔپی زِتہِ کرٕکھ نیرتھ۔



# (۳)

بالکل ٹھیک...... ہا از ہسا چھُ یہِ بَلیو مُت۔ بالکل ٹھیک گوٚمُت کمرس منٛز اَژتھے وۄنٛلھ زوسی موفن بوقہٕ پھوٚلِتھ۔

سہٕ اوس داہ مِنٹ برونٛہہ ووتمُت تہٕ صوفس پٮ۪ٹھ اوس برونٛہی پاٚٹھی پٔنیے جایہِ ہِتھ۔ رَاسکولِنکاف اوس تس مقابلہٕ بٮ۪یِس کوٗنس پٮ۪ٹھ بِہِتھ۔ تمۍ اُسی نفیس پاٚٹھی پلو لٲگمتۍ۔ سران کوٚرمُت تہٕ کلس کنگوٗ دِتمُت۔ از اوس سہٕ واریاہ دوٗہی ہیٚتِس منٛز باسان۔ کوٚٹھر آیہِ ژیٚلنہٕ پوٚ زنستا سین کَڈتو تہِ جایہِ رژھ کھَنڈ تہٕ پیٛٹھی کتھ بوزنہِ۔

اوترٕ کہِ حالتہٕ مقابلہٕ اُس واقعی رَاسکولِنکافس از واریاہ فرق مگر بُتھِ اوس وُنتہِ زرد۔ غاٗفِل تہٕ وُدأسی باسان۔ تسنٛز حالت اُس تِتھِس نفرٕ سٕنٛز ہِش یُس زخمی یا بٮ۪یہِ کُنہِ جسمأنی تکلیفس منٛز آسان چھُ۔ تس آسہٕ بُمن گیٚنہِ پیأمژٕ۔ وُٹھ اُسس موٚنٛیمتۍ تہٕ اچھو کنٛز اوس تپہٕ لَد باسان۔ تمۍ کرِ نہٕ زیادٕ کتھٕ تہٕ یوسہٕ کانٛہہ کتھ کٔرن سو تہِ کٔرن بادِل نخواستہٕ زنتہٕ کانٛہہ چیٚٹ نکھٕ والان اوس۔ تٔہنٛز وحرکژ وتلہٕ اُس تٔہنٛز بقرأری نٔنۍ۔

اگرے تٔہنٛز نرِ مرحم پٹۍ کٔرِتھ آسہِ ہے یا گردٕنی ستۍ گنٛڈ ترأوِتھ آسہِ ہے تیٚلہِ باسہِ ہے نہٕ کہنٛی فرق یہِ ژرے ترنس اندر زِیاتہٕ چھُ اُمس پاکہٕ پھیٚپھر درامُت تہٕ نتہٕ چھبس نٔر پھُٹمُت۔ تِتھِ پاٚٹھی اوس سہٕ چھوٚر چھوٚر کران۔ تٔہنٛدِس زردتہٕ وُدأسی بُتھِس پھیر یور ژھِ کھنجہِ رنٛگ ہیوٚ تِتھے موج تہٕ ببہٕ گُٹھِس منٛز اژان وُچھٮ۪ن مگر امہِ ستۍ زنتہٕ سہٕ زیادے پیچ وتابس منٛز ہیٚنہٕ آوامہِ بجایہِ زِامہِ خوشی ہٕنٛدِ سببہٕ گژھِ ہے تٔہنٛز غفلت تہٕ وُدأسی دوٗر۔ خوشی ہنٛز یوسہٕ لٔہر تٔہنٛدِس بُتھِس پٮ۪ٹھ پھیرے یہِ سو گٔیہ فوراً دوٗر تہٕ آزارتہٕ تکلیفکۍ آثار

رٕ دی برقرار۔ زوٗسی موف اوس پٔننس مریضہٕ سُند جانچ سبٹھے سٔنز پاٹھی کران یہ زن أکِس جوان ڈاکٹرُ سُند طریقہٕ آسُن گژھِ خاص کریُس پٔتن پیشہٕ شروع کرانۍ آسہٕ۔ تٔمی کوٚر محسوٗس زِ موج تہٕ بینہٕ وُچھتھ سپز نہٕ تس کانٛہہ خوشی بلکہِ کھوٚت تس اکِہ قسمک کژ پھرِ ے تہٕ رژھا جگرٕ گرتھ اوس پٔنن پان اکہِ یادون گنتٕن ہٕنٛدِ باپتھ اذیت ویتراونہٕ باپتھ تیار کران۔ تٔمی کٔر یہ گتھ تہٕ محسوٗس زِ امہِ پتہٕ یوسہٕ کتھ باتھ سپز تمیک اکھا کھ لفظ اوس تس ترٕتھ گژھان تہٕ ویہرٕ کران ۔ مگر أتھی ستی اوس سہٕ رٕاسکولنکا فنس قوتِ برداشتس پیٹھ حأران تہٕ تس اوس تعجب گژھان سہٕ مریض یُس راتھ کتھِ کتھِ پیٹھ وولان اوس کوٗتاہ چھُ صبرس کأم ہیوان۔

''از چھُس بوٚ واریاہ ٹھیکیومُت'' رٕاسکولنکا فن دیُت ماجہِ تہٕ بینہٕ یقین تہٕ ستی گرٕی نگھ گلبِن میٹھی۔ پلشیر یا یہ پھوٚجہِ بوٚقہٕ۔ ''از ما چھُس راتکی پاٹھی پھرِ ونان'' رٕازوٗمنہنس کُن ووٚ تھ سہٕ اتھس چیر دِوان۔

''توٚہہِ اگرے پرٕ ھ بیہہٕ۔ بوٚ چھُس پانہٕ أمِس کُن وُچھت حأران گژھان'' زوٗسی موف لوٚگ وننہِ۔ یُس یمن زنٛبن ہٕنٛدِس کمرس منٛزاژنس پیٹھ سبٹھے خوش گوٚ وکیاز داہو منٹو پیٹھ اوس نہٕ تس انٛد شاندِ ے یوان زِ مریضس کتھِ تھاوِ سہٕ کتھِ ستی آوٗر۔''بیٚہ ترٛین ژوٚن دوہن اگرے یہ امی قرار رٕ دیہ گژھِ تیتھے نوٚ ونوٚٹ ہیوٗ یتھ یہ زٕ ترٛے رٕتھ برونٹھ اوس......ژٕے آسہِ ہی نہٕ واریاہ کالہٕ برونٛہہ پیٹھ پٔتن پان ڈنجہ باسانٕ تہٕ چھُتھس اوٗری پھاہ پھاہ دِتُمت۔ کیا سا؟ چھُنا پوٗز بیمار پینٛگ راہ چھُے ژٕے پانٕسے؟ تٔمی وونس آسہٕ وُنہِ ہوٚنجہِ وہمہٕ اوسُس زِ رٕاسکولنکافس گوٚ ژھنہٕ بیٚہ شرارت کھسُن۔

''ممکن چھُ'' رٕاسکولنکافن دیُتنس ٹھنٛڈٕ دِلہٕ جواب۔ ''بوٚ ونے یہ ہن تہٕ زوٗسی موفن تھأو گتھ جأری'' زِ ژٕ مکمل پاٹھی بلُن تہٕ چھُ ژٕے پانٕسے تام۔ چوٗنکہِ وُنی کیس چھُے طبیعت ہنا ٹھیک لہٰذا ونے کینٛہہ مفید مشورٕ۔ گوڈنچ اہم تہٕ ضروٗری گتھ چھِ زِ ژٕ تژاو

دِلہٕ پٹھٕ تہٕ سوٗرے یہ چانہٕ بیمار پینٛگ بنیاٗدی سبب چھُ۔ تِتھے کُنہٕ ہیکہٕ چون مکمل علاج سپدِتھ۔ اگرے زن تہٕ کرکھ نہٕ دوٗہ کھوٗتہٕ دوٗہ گژھِ چانٛی حالت خراب ہے تہٕ لوکچہٕ ہنہٕ گژھی بُڈ ہن۔ چانہٕ بیمارِ ہٕنٛدی بنیاٗدی وجوٗہات کم چھِ تمیک علم چھُے ژےٚ پانہٕ سے۔ چوٗنکہٕ ژٕ چھُکھا اکھ زانن وول نفر ژےٚ یزی پانس واتُن۔ ژےٚ آسی پانس فکرِ تورمُت زِ کمو حالاتو واتنوٗ کھ یَتھ دِشایہٕ۔ یوٚ تام زن میون اندازٕ چھُ یوٗنیورسٹی منٛز اژنہٕ پتے چھِن چانہٕ بیمارِ گوٚڈ ہیوٚتمُت۔ ژٕ موٚ روز بےٚ کار۔ زٕ کھا زٕ کھا روز دِوان کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ سٟتی کیازِ یہ کتھ چھےٚ اٟستھے زِ بہٕ کار انسان سُنٛد دِماغ چھُ شیطانہٕ سُنٛد کارخانہٕ آسان دوٚیُم چھُ زِ زرِ مرِوٚتھ یہنہٕ سٟتی چھُ دوٚدنوان۔ ژٕ کر کانٛہہ مقصد پانس بروٚنٛہہ مُشخص تہٕ کرسے پوٗر کرنٕچ کل مےٚ چھُ باسان تہٕ چھُے بوٚڈ دواہ تہٕ فائِدمند......" آ......آ...... چون وُنِ چھُ روپیہ ہنٛز روپے درُست۔ بوٚ کرٕ جلدی یوٗنیورسٹی منٛز دُبارٕ داٟخلہٕ حاصِل۔ تہٕ سوٗرے کینٛہہ گژھِ پانے ٹھیک......"۔

زوٗسی موف اوس عقلمندی ہُنٛد یہ وعظ تہٕ نصیحت کینٛژھا ہُمن ماجہٕ کوربن تلفس تل انہٕ باپتھ تہٕ تمن پٹھ دابہٕ تراونکہٕ غرضہٕ کراں مگر یِیلہٕ تمۍ پننس بیمارس کُن نظر تراٗو تس باسیوٚ زِ رَاسکولنکا فس اوس نہٕ رژھ تہٕ ویٚژان مگر چالاٗ کی سبہٕ اوسنہٕ امیک باس دِوان پوٚز ڈاکٹرس نِش ماروزِ ہے کھُٹِتھ۔ زوٗسی موفس زن ڈٕلی پنٛز۔ رژھ گھنٛجہٕ گوٚسہٕ تربن تہٕ ترُواہن مگر اٟتھی منٛز ژٕج پلشیریا تس شُکریہ تہٕ مرحبا کرنہٕ خاصکر راتکس گرٕ سمکھنہٕ ینس پیٹھ۔

"کیا۔ یہ آٟز توٚہہ راتھ شامنس سمکھنہٕ"۔ رَاسکولنکا فن پرژھنکھ۔ تس زن لگو یہ بوٗزِتھ پھیپرٕ نی "تیٚلہٕ کتہٕ آسِو توٚہہ سفرٕ پٹھ تھکِتھ پھُٹِتھ ینہٕ پتہٕ تہٕ نندرِ گرٕ مژٕ"۔

"ناتہٕ کیازِ...... دوٚہن بجن تام اٟسی اٟسی کتھ کتھ کران۔ دوٗنیاتہٕ بوٚ چھِنہٕ گرتہٕ زانٛہہ دوٗیہ بجہٕ بروٚنٛہہ شوٚنگان"۔

''سونچان چھُس بوٚ کمہٕ زبوِ کرٕ اوہنٛد شکریہٕ''۔ رَاسکولنِکا فن ووٚن ہنگہٕ منگہٕ ڈبکہٕ ژکرٲوِتھ تہٕ نظر بوٚن کُن تھٲوِتھ۔

''فیسیچ کتھ اوک طرف ترٲوِتھ دِی زِ معأفی یِنہٕ ژےٚ میانہِ کتھِ ستی تِتھے ہیوٚ گرٛژھی...... (زوٚسی موفس کُن پھیرِتھ ووٚن تمۍ) مےٚ چھُ واقعی بوزُن تگان زِ مےٚ کیاہ چھُ تیوٚت کوٚرمُت یَتھ پٮ۪ٹھ ژٕ مےٚ پٮ۪ٹھ یِیرٕ جان مأری کران چھُکھ۔ مےٚ چھُنہٕ کہنٛہ تہٕ فِکرِ تران...... تہٕ مےٚ چھُ یہِ بوٚ ڈبار باسان۔ بوٚ چھُسے پزٕ رونان۔ بہ کتھٕ والے ژےٚ نکھٕ''۔

''موآس سنان'' زوٚسی موفن ووٚنُس ٲلۍ اسن کھنگالہٕ ترٲوِتھ۔

''مانتہٕ ژٕ چھُکھ میون گوڈنیک patient تہٕ أسۍ سأری ڈاکٹر چھِ اِبتداہس اندر پٮ۪نس گوڈنِکس بیمارس سخ لول بران۔ زنتہٕ سأنی اولاد آسان چھِ باضے چھُنہٕ کینژن اَکھ أکۍ سُندِ ورأے قرارے یوان تیوٚت چھُ تمن اَکھ أکۍ سُند سرٛ یہہ گنان۔ بیا کھ کتھ چھےٚ یہِ تہٕ زِ مےٚ نِشہٕ چھُنہٕ تیتۍ بیمار یوان یلاجہٕ باپتھ''۔

''مےٚ چھُنہٕ ہِمس متعلق تہٕ کہنٛہ وَنُن تگان'' رَاسکولنِکا فن ووٚن مزید رَازو منہس کُن اشارٕ کرِتھ...... ''وونگو باقےٚ نےٚ کینٛہہ چھُس میانہِ ذٕسۍ یوان توتہِ چھُس بچأرِس پأزارپٔٹی کران تہٕ یِزاتہٕ تکلیف دِوان''۔

''کمہٕ سا کتھٕ چھُکھ ژٕ کران۔ از چھُکھ ژٕ بڈٕ جذبأتی موٚڈس منٛز'' رَازومنہن ووٚنُس بُتھ تھوٚوِتھے۔

اما رازومنہن اگرے وارِ پأٹھی سنیومُت آسہِ ہے۔ جذبأتی آسنکی أسۍ نہٕ تٕہنٛدس بُتھِس پٮ۪ٹھ رژھ تہٕ آثار۔ بلکہِ باسہِ ہس تٕہنٛز حالت بالکل اتھ برعکس۔ امیک شبقہٕ اندازٕ ہیوٚک فقط اودوتیا رومانونایہِ لگٲوِتھ۔ سو أس بأیِس تھلہِ تھلہِ وُچھان ......تس اوسنہٕ دِل قرارٕ۔

''موجی...... پتھ گوٚ وٕژےٚ......ژےٚ کتہٕ ہیٚکے بوٚ ہوٗ رِتھ۔ مےٚ چھِنہٕ تم لفظے یِمو سٟتۍ چأنۍ شُکر گذأری کرِ ہا''۔ سہٕ لوٚگ مزید وٕننہِ۔ تمۍ زن اوس یہِ سبق زبأنۍ یاد کوٚرمُت تہٕ سُے اوس ہٮ۪یہِ تہٕ ہٮ۪یہِ پھِران۔

''ازچھُ مےٚ احساس گژھان زِ تُہنز حالت کیاہ آسہِ ہے تمہِ ساتہٕ ییٚلہِ تُہۍ راتھ شامن مےٚ پراران آسہٕ وٕ''۔

یہِ وٕنتھ پلہٕ نووتمۍ اَسان اَسان اتھ پٔننہِ ببہِ کُن مگر زیٚوِ ووٕہنس نہٕ کہنٛہ تہٕ۔ پوٚز توٚہند یہِ وُٹھ گُمنیار اوس تٔہندِ پزِ جذبٕچ عکأسی کران۔ دٗنیایہِ روٚٹ یکدم توٚہند اتھ پٔننس اتھس اندر۔ تس سپز شادمرگی تہٕ بأے سُند یہِ حُسنِ سلوٗک تہٕ لول وُچھِت اُس أندرۍ أندری ثناخأنی کران۔ یہِ اُس گوڈنچ وِز ییٚلہِ راتکہِ ترٛأنۍ ترٛأنۍ سپدنہٕ پتہٕ سہٕ ببہِ سٟتۍ یِتھٕ کٕنۍ پیش آو۔ پلشیر یا سپزیمن بارنہن ہٕنز یہِ مصلحت وُچھِت سٟبٹھے خوش ییمیک اِظہار تمو لفظن زیٚو دِنہٕ ورأے کوٚر۔ ''اَمی کٕنۍ تہٕ چھُ مےٚ یہِ سٟخ ٹوٚٹھ'' رازوٕ منہٕن وٗن طوٗل دِتھ پأنۍ پانس سٟتۍ۔ أتھی سٟتۍ پھِرن پٔننۍ کُرسی ہٮ۪یِس طرفس کُن ''یمے تہٕ چھِ أہندی رِتی گون''

''تہٕ کوٗتاہ رُت طریقہٕ کوٚرُن'' موج أسس أندرۍ کٕنۍ دأیران...... کوٗتاہ تھدِ خیالک چھُ تہٕ کوٗتاہ سیٚزرِ پزرِ تہٕ شأیستگی سان کرٕن ہٮ۪یِنہٕ ہٕنز تمام غلط فہمیہِ دوٗر۔ محض اکہِ سیٚزِ نظرِ تہٕ اتھواس کرنہٕ سٟتۍ رٕٹ نووٕنس دِل...... کوٗتاہ خوٗبصوٗرت چھُ میون دُرٕ پھوٚل۔ خوشہِ وٕنہِ أچھ تہٕ پزٕ یہِ وُن بُتھ...... میون خدا تھأوۍ نٔس گُلہٕ کٕمن گُلن سان سلامت...... دٗنیایہِ ہٕنزِ مقابلہٕ چھُ یُہے خوشِ وُن...... مگر بلاے یَتھ غور بتس۔ کیاہ وأہیات سوٚٹ چھُس۔ ژھیٚونُمت، کُنہِ وٕطیرٕکی پلو چھِسنہٕ...... ایفانسی ایوانو وِچ سُندِ دُکانہِ کِس کارندس چھِ أہندِ کھوٚتہٕ نفیس پلوأ رِتھ آسان۔ دپان چھبس نالہٕ متہٕ رٕٹہٕ ہن۔ أہندِس پھیکِس پٮ۪ٹھ کلہٕ ترأوِتھ ہارٕ ہأ چھوٚ کٕنۍ خوٗنِ باران۔ مگر کیاہ کرِ رأنۍ چھم نہٕ دران۔ کھوژان چھبس...... خود ہے چھُ زانان کیُتھ عجیب مزاز چھُ أمِس باگہِ

آمُت۔ وُنی کبس زن بچھُ موٗمکی پاُٹھی نرم تہٕ توپتہٕ تہٕ چھُم ڈرز...... مگر...... مگر یوٗ کتھ چھبس کھوژان تہٕ کیازِ؟......" سوٗ اُس سونچان۔

"ژےٚ کیاہ پتاہ چھےٚ روڈیا" تمہِ ہیوٚ کنہٕ خیالن ہنٛزِ گتھِ منٛز تاب کٔرتھ تہٕ ئژ نچوٗی سٔنزن کتھن جواب دِنہٕ۔

"دُنیاتہٕ بوٚ کاژانا شاد آسہٕ راتہٕ پتھ۔ خٲر وونی گےٚ سارٕی اندیشہٕ دوٗر تہٕ سانِین موٗردِلن پھیری دوبارٕ زندگی۔ صداقت بوٗزی زِ۔ ریلوے سٹیشنہٕ پتھ آیہ اُسی یہ ڈیٛ زِتہٕ دوران دوران چانہٕ شوقہٕ۔ ہاوس اوس ژٕ رٹوتھ نالہٕ متہٕ مگر تمہِ زنہٕ......اوژتے چھکھ ییتھے۔ نستا سیہ السلام وعلیکم۔

امی وونی اَسہٕ زِ ژٕ چھکھ اوسمت تپہٕ ستی دزان تمی وِزِ اوسکھ بےٚ ہوشی ہنٛدِس عالمس منٛز ڈاکٹر ییتی ترٲوِتھ بسترس منٛز ژولمُت تہٕ یم چھی پتہٕ ژےٚ وتہٕ وتہٕ ژھاران اُسِمتی۔ ژھیلکھ نہٕ سوٗنچھے اَسہٕ کم کم رلیہٕ ووژھ۔ کِتیاہ وسوسہٕ پیاٲم۔ مےٚ پیوٚ لیفٹنٹ پاشنکوف۔ چانٛس مالی سُند اکھ آدن یار یاد۔ بچور کتھ حالتس منٛز اوسُس موت لیٚکھت۔ ژےٚ آسی نہٕ سہٕ وییوٚ دُی روڈیا...... سہٕ تہٕ اوس تیتھے کنہٕ تیز تپس اندر ژوٗلمت تہٕ آنگنس اندر اُکس کرٕپلس منٛز لاینہٕ آمُت۔ تمو کھول سہٕ پتہٕ دویمہٕ دوہٕ کریلہٕ منٛز۔ اُسی آسہٕ اکہِ بالہٕ وسان تہٕ بیٚیہ بالہٕ کھسان۔ اَسہٕ دپیوٚ پیٹر پیٹروِچ ژھارون تہٕ تمسےٚ ونو کُنہٕ رنگہٕ مدد کرُن...... کیازِ اَسہٕ ما اوس دوییم کانٛہہ ستی...... اُسی آسہٕ کُنےٚ زنہٕ۔ مرٕدِ ناوی گوٚژھ آسنےٚ کانٛہہ ستی"۔ یہِ ونان ونان گیہِ پلشیر یا زوٗنس زِ پیٹر پیٹروِچ سُند ناوٚ ہینہٕ سبہٕ چھُ وُنتہٕ ژوٗر ڈلنُک خطرٕ۔ لہٰذا ہیوٚت تمہِ رژھا دم تہٕ اچانک پاُٹھی موکلاوِن یہِ وُنتھ پنٛنی کتھ زِ "خار وونی ژٕلی سارٕی وسوسہٕ تہٕ سانٛنی دِل سپدی بیٚیہ شاد"۔

"آ...... آ...... تُہہٕ آسِو پزی سخ پریشانی سپزٕ مژ......" رٲسکولنکافن دِتنکھ وٕتھن معموٗلی تلہٕ ترٲوٕ کٔرتھ جواب۔ مگر بیٚیہ کتھ تام سُنتھ اُستھ تہٕ لاتعلق پاُٹھی جواب دِنس

پتھ ترأوس دۄنیایہِ حأرتہٕ برٕژ نظرہ۔

"بۆ اوسُس بیٚیہِ خبر کیا توہہِ وُنن یِژھان" سہ لۄگ کیاہ تام یاد پاوٕنۍ کوٗشِس کرنہِ۔ "آ...... وُچھ ساپیوم یاد۔ ماجہِ تہٕ ژےٚ تہٕ ہِنہٕ مہربأنی کٔرتھ یہِ رآے گژھِ زِبۆ کیاہ اوسُس نہٕ توہہِ ازسمکھنہِ یُن یِژھان تہٕ بۆ کیاہ اوسُس گوڈٕ تہند ہے ہِنس پراران"۔

"روڈیاژ کمہ کتھہٕ چھُکھ کران" پلشیر یایہِ وۄنُس حأرتس پتھ۔

"یہِ ماچھُ سانہِن کتھن ہُنٛد امہِ آیہِ جواب دِژھی کانہہ چیٚٹ نکھٕ والان"۔ دۄنیائج تعجبس پیٚتھ سونچنہِ "یہِ چھُ کُنہِ مصلحت کِنۍ کانہہ رسم پوٗر کٔرتھ یہِ معأفی منگان؟"

"بۆ گوس وٕنۍ بیٚدار تہٕ اوسُس توٗہی نشہِ یُن یِژھان مگر مےٚ گوٚ وپلون ہٕنٛدِ سببہٕ ژیر...... مےٚ گوٚ وراتھ ہِمس...... نستاسیس وُنن مشرٕ ہے زِمیانہِن پلون چھلتہٕ خوٗن"۔

"خوٗن...... کیُتھ خوٗن" پلشیر یایہِ پرژھنس ووٚتھ کڈِتھ۔

"ہا، کہِنۍ نہٕ...... کھوژمہٕ...... ییٚلہِ بۆ راتھ یہوہے بےٚ ہوشی ہٕنٛدِس حالتس لنڈر آوارٕ گردی کران اوسُس مےٚ وُچھ اکھ نفراوس سڑکہِ پیٚٹھ بگہِ تل گوٗمت...... سہٕ اوس کلرک۔"

"ژٕ اوسکھٕ بےٚ ہوش...... ژےٚ ہےَ چھےٚ سورُے یاد" رازوٗمنہِن گرمنزِ مداخلت۔

"تہِ چھُ پزر" راسکولنکافن دِتنس سبٹھہٕ ہُشیأری سان جواب"۔ مےٚ چھُ رژھ رژھ سورُے کینٛہہ ژیٚتس۔ مگر مےٚ کیاہ کوٗر کرٕژ وو تتہِ یا کیازِ گوس تور، کمہ کتھہٕ کریم تہٕ چھنہٕ مےٚ پانس تہٕ تگان بوزُن تہٕ ہٕیس کیاہ ونہٕ"۔

"تتھس حالتس منز چھُ اِی گژھان"۔ زوٗسی موفن ووہٕنس دخل دِتھ۔

"باضے چھُ اَتھ منز انسان کینٛہہ حرکژٕ یاوٕنۍ تو کینٛہہ کامہِ ترژھٕ ووستادلہِ بلکہِ سبٹھٕے مکٲری سان انجام دِوان مگر یمہِ حرکژٕ چھےٚ بےٚ ضابطہِ تہٕ بےٚ وطیرٕ آسنس ستی ستی مختلف

دبماغی بیمار بن ہٕنٛدِس دباوس منٛز بارسس یوان۔ بالکُل چھُ یہِ خاہکی پاٹھی آسان۔

''یہِ گوٚو زبرٕے۔ شاید چھُ مےٚ یہِ پاگل تصور کران۔ تی چھُ بہتر'' رَاسکولنکافن سوٚنچ۔

''مگر تیٚلہٕ کیازِ چھِ اَری ڈری لۄکھ تہِ یژھٕ حرکژ کران'' بےٚ چینی ہٕنٛدِس عالمس منٛز زوٚسی موفس کُن وُچھِت کوٚر دۄیمہِ سوال۔

''چون وُنن تہِ چھُ واریاہس حدس تام پوٚز ُرے''۔ زوٚسی موفن ووہنس ''تمہِ حِسابہٕ چھِ أسی سأری گاہ بگاہ پاگلاُزیہِ کران۔ مگر اُرِس ڈرِس تہٕ پاگل نفرس درمیان چھےٚ کم کاسہٕ فرق روزان۔ کیازِ ڈوٚلمُت چھُ یقینی پاگل آسان۔ ژ کرتہٕ اَکھ بنہٕ مقرریہِ سرکھ کرنہٕ باپتھ زِپاگل کُس چھُ تہٕ صحیح الدبماغ کُس چھُ۔ مشکلےٚ چھُ اَکھاوڑ دوڑ انسان تہِ اتبتھ وُتران۔ درجن واد...... بلکہِ ساسہٕ وادو منٛز نیر...... مشکلن اَکھ نفر تیتھ یُس کہہ وچھِ پیٹھ پاسہٕ سوہٕ نیرِ۔ یُس کُنہِ تہِ رنگہٕ پاگلن ہٕنٛزِ گیجہِ منٛز یوان آسہِ نہٕ''۔

''پاگل'' لفظ بوٗزِتھ یُس زوٚسی موفن پنٛنس پسندید موضعس پیٹھ کتھ کرنس دوران بےٚ اختیارٕ پأٹھی وٕنتھ نیوٗ کھوٗژ قریب قریب سارٕنے ڈبکس ڈرہ۔

''رَاسکولنکاف اوسنہٕ زن یمہِ کتھہِ بوزانٕے۔ سہٕ اوس خبر کمن خیالن پیٚومُت۔ تہنٛدِ بن زرد یمتین وُٹھن پیٹھ اوس عجیب قسمُک اُسن پھوٚلان۔

''اچھا تہٕ ژ اوسکھ تس نفرٕ سٕنٛز ڈلیل ونان یُس بگہِ تل گوٚو۔ پتہٕ کیاہ سپُد۔ مےٚ ژےٚ یہِ منٛزی کتھ چأنی'' رَازوٚمنہن ووہنس۔

''کیا''...... رَاسکولنکاف زن گوٚو ونبد رِبیٚدار۔ ''اومےٚ کوٚر تمن سہٕ ڈیرِس پیٹھ واتناونس منٛز مدد تہٕ پلوگام رتہٕ سٔری۔ منٛزی ونے موجی مےٚ کوٚر راتھ اَکھ ناقابلِ معأفی خطا...... مےٚ اوس نہٕ واقعے دبماغ ڈنجہِ۔ مےٚ دیُت سہٕ سورُے پوٚنسہٕ ٹوٗکھ یُس ژےٚ سوٚزمُت اوسُتھ......تہنٛزِ زنانہِ کفنہٕ دفنُک انتظام کرنہٕ باپتھ...... وونی چھےٚ سوٚنچار

مۆ نڈ۔ پیٹھ چھُس سِلہٕ گوٗمُت تہٕ غریبی چھُس نال وولمُت۔ ترےٚ موصوٗم شُری ہیتھ چھےٚ فاقہٕ پھِر زُوان۔ گرِس منٛز چھِبس نہٕ زٕ کیسرِ ......آ......بیٚیہٕ چھِبس اَکھ بالغ کوٗر تہٕ.....مےٚ چھُ باسان اگرے ژےٚ تہٕ تمہٕ وُچھمٕتی آسہٕ ہَنےٚ ژٕ تہٕ کرِہکھ اِی۔ ووٚنگو بو چھُس مانان مےٚ پزِ ہے نہٕ یہٕ کرُن خاصکرِتھ یِیلہٕ مےٚ چون اتھ ژھُر برٲچھن تل اوس۔ دوٚیمبن مدد کرٕنچ گرٕ ھِنا انسانس گُنجایش آسِنہٕ تہٕ چھِ ونان اَتھ گرِ گوٗٹ تہٕ مشِدٕ زالِمن ژونگ'......ووٚنگوا ڈی چھِ نہٕ امیر ی منٛز تہٕ کانٛسہٕ اِمداد کرُن یژھان بلکہٕ چھِ دوٚیمبن ہٕنٛد بن ارمانن سوٗر کٔرِتھ پنٛنبن محل خانن ہٕنٛز زیٖنہٕ بڑاوان۔ تمن چھِ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ دیار جمع کرٕنچ کل آسان۔ تِتھے کنہٕ یِتھِ کنہٕ ہوٗنس یڈٕ بساونہٕ باپتھ اُڈی جہٕ سوٗنبراونچ فِکر چھےٚ آسان۔ ہوٗنی کولِل۔ رَاسکولِنکاف ووٚتھ اس کھنگالہٕ ترٲوِتھ دوٗنیایہ کُن......''چھِناپوٗز......دوٗنیا''۔

''نہٕ......بالکل نہٕ'' دوٗنیایہِ دِتنس شبقہٕ جواب۔

''اوٗ ہو......مےٚ روٗ دنہٕ خیالے زِژ تہٕ چھکھ سوٗنہارٕ ی خاب وُچھان۔ چون تہٕ میون نظریہٕ ہیٚکہِ نہٕ رٔلِتھ'' رَاسکولِنکافن ووٚنُس طنز اُوٗٹھ گمناوِتھ تہٕ نفرتہٕ ۂژ نظرو گُرنس نظرا......''مےٚ پزِ ہے نہٕ تہٕ مُشراوُن...... چون خیال چھُ قابلِ تعریف تہٕ چانہٕ خاطرٕ سبٹھے جان......دوٗنیا......اگرے ژٕ کُنہٕ مقررٕ نشانس تام واتکھ تہٕ تمہٕ پتہٕ ہیٚککھ نہٕ بروٚنہہ پکِتھ تہٕ نہ روزکھ خوش......ہاں ووٚنی ہرگاہ امہٕ بروٚنہہ تہٕ پچھِ ژٕ روزکھ توٚتہٕ تہٕ خاموش۔ دِل سپدِی زیادے ناشاد......مگر یہٕ سورُے چھُ بکواس''۔

تس کھوٗرکِتھ طوٗل دِیُن تہٕ اشتعالہٕ سان ووٚنُن۔ ''میون مطلب اوس موٚجی صرف ژےٚ معافی منٛگنی۔ تمہِ ژٹ موخصر الفاظن منٛزٲتی پنٛنی کتھ۔

''یِتےٚ چھُ کافی......مےٚ چھےٚ پژھ میانہِ گوٚبرٕ ژٕ یہٕ کینٛہ اکرکھ تہٕ آسہٕ جان بلکہٕ سبٹھے جان''۔

"یِیژ اپژھ لگنہٕ کرِنی" رٲسکولِنکافن ووٚنِنس وُٹھ گمنٲوِتھ۔

امہِ پتہٕ گرسارِوے بڑ ژٕرِس کھنڈٕس ژھوٚپہٕ۔ اتھ ساری کتھ کتھِ اند ر......

ژھوٚپہِ اند ر...... صُلح وصفأیی تہٕ مصلحژ اند رتہٕ اَتھ معأفی ہیٚنس اند راوس اکہِ خاص

قسمہٕ کہِ دباوٕ تہٕ مجبوری ہُند باس لگان یِیمیک احساس پژھأ رکس اوس۔

"یِمہٕ چھےٚ مے زنتہٕ کھوژان" رٲسکولِنکاف اوس ماجہ تہٕ بینہِ کُن تٔلی ٹاری نظر ترأوِتھ

سونچان۔ ووٚنگوٚ تھ کتھِ اند رتہِ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِیوٚ تاہ زیادٕ وقتس پلشیر یا ژھوٚپہٕ گرِتھ روٗز

تیوٚتاز یادٕ گنیوتس دِلس منٛز خوف......"توٚ پتہٕ ییلہِ یِمہٕ مے نشہِ دوٗر چھِ آسان تمہِ وِزِ چھےٚ یِمہٕ

مے ساری کھوٚ تہٕ زیادٕ ٹاچھِ باسان" رٲسکولِنکافس ووٚتھ دِلس اند رییا کھ خیال"۔

"روڈیا...... ژےٚ چھےٚ یہِ پتاہ...... مارفا پیٹرونا گیہِ یِیمہِ عالمہٕ"۔ پلشیر یایہِ

ووٚن نچوٚس کُن ژھوٚپہٕ پھُٹرأوِتھ۔

"کوٚسہٕ مارفا پیٹرونا؟"

"خدایا رحم...... مارفا پیٹرونا سوادری گیلاف۔ گیہِ ژےٚ مشرِ ہے۔ تِمس متعلق

چھےٚ ژےٚ چٹھِ منٛز واریاہ کتھ لیچھمژ"۔

"آ...... اچھا...... اچھا...... پیوم یاد...... گوٚ وسوٚ موٚیہِ...... پوٚز چھکھے ونان زِ

سوٚ موٚیہِ"۔ سہٕ زن گوٚ و...... بیدار۔ سوٚ کتھٕ گنہٕ موٚیہِ...... کیاہ لیل گیس؟"

"رِکھٕنی چھُنہٕ فکرِ تران...... ہنگہٕ منگہٕ موٚیہِ"۔ پلشیر یایہِ دِتنس فورأ جواب۔ تس

بڑے یہِ نچوٚی سنٛز دلچسپی وُچھِت کتھ کرنٛچ ہمتھ سوٚ چھےٚ اَسہِ ژےٚ تمی دوہہ لیچھمژ یِیمہٕ

دوٚہہ سوٚ موٚیہِ۔ ژکرتہٕ پژھ یامتہٕ۔ تمی جہنم گارن چھےٚ سوٚ مارِتھ ژھنٛی مژ۔ یُتھ ظأِلم

خاندار گژھہِ نہٕ آسُن۔ دپان ماردی دِی اَسی نس بچارِ ہڈ کڈ تی"۔

"کیاز...... تِمن اوسنا پانہٕ وأنی گوٚ متوی" تمی پرژھ بینہٕ۔

"نہٕ تِرژھ کتھ اَس نہٕ...... بلکہٕ اوس اتھ برخلاف سہٕ تِمس سخ لحاظہٕ کران تہٕ

توٚہند پڑتھ کینٛہہ برداشت کران۔ أسی ونوسہٕ اوس تٔہنٛز ناز برداأری کران۔ خاندرٕ کمین ستن ؤربن منٛز یم تمو یکہٕ وٹہٕ گذأرۍ أس تمۍ سو واریاہن معاملن منٛز نکھن کھأجمٕو۔ فکری چھُنہٕ تران یکدم کیاہ گوٚتس تمِس چھُنہٕ پانس تام رٕوٗدمتے''۔

''سہ ہیکہِ ہے نہٕ تیلہِ یوٗت ظألم بٔنِتھ اگرے تمۍ ستن ؤرین صبرس کأم ہیٚژمٕژ آسہے؟ باسان چھُ دٕنیاژ چھکبھ تس پکھ ولان؟''

اوہ نہ......نہ......آ......آسہ چھُ سبٕٹھے ظألم انسان۔ مےٚ چھُنہٕ باسان تمۍ سٔنٛدِ کھوتہٕ کیاہ آسہِ بیاکھ کانٛہہ ظألم یتھ دُنیاہس منٛز'' دٕنیایہِ دِتنس جواب۔ یہِ ونان ونان پیٚیہ تس......ڈکِس گینٛہہ تہٕ خبر کتھ خیالس منٛز آیہِ ہینٛہ۔

''ماردِنچ کتھ أس صحجنس کیٚت بٔنیمٕژ''، پلشیر یاتُج امہِ وأری داپچ وضاحت کرنہٕ۔ امہِ پتہٕ اوس تمہِ ٹانگہٕ تیار تھاونک حُکم دیتٕمت تاکہِ شامنس کرِ ہے بتہٕ کھینٛہ پتہٕ سأرِسے شہرس گردِشا۔ ییلہِ تمِس یژھ کینٛہہ ذٔلیل بنہٕ ہے سو چھےٚ أسمٕژ قصبس منٛز چکرس گژھان۔ دپان کالچس کھےٚ ینٛ بتہٕ ہَن نفیس پأٹھۍ......''

''مار کھینٛہ پتہٕ تہٕ......''۔

''یہِ اوس تس......عادتھے۔ خأر کھینٛہ چبنہٕ پتہٕ گیہِ سو فوراً سرانہٕ گُٹھس منٛز سران کرنہٕ یمہِ بیہِ زِ گردش کرنس منٛز گوٚژھ نہٕ ژیر گژھُن......چھکھہٕ بوزان......سران کرنہٕ ہٕتی چھےٚ سو کتھ تام بیمار ییلاج کران أسمٕژ۔ تتھِن چھُ نزدیکی اَکھ ناگ یتھ سبٕٹھے سرد آب آسان چھُ۔ سو چھےٚ دوہے اَتھ اند رسران کران أسمٕژ۔ امہِ گرِ یتھے سو آبس منٛز ؤژھمٕو چھےٚ تس گیہِ فالِج''

''اِی آسبس گوٚمُت......مےٚ توٚر فکرِ'' زٕہسی موفن ووٚہِنس۔

''خاندارن اوساتس صحیح پأٹھۍ زدوکوب کوٚرمُت؟''

''یہِ سوال کرنک کیاہ ضروٗرت اوس ووٚنی'' دٕنیایہِ روٹ ژھوٚٹہِ گنٛڈ۔

''آ......م...... مگر مےٚ چھُنہٕ فِکرِ تران تِہٕ کیازِ چھُو مےٚ یِمہٕ فضوٗل کتھٕ بوزناوان''، رٛاسکولِنکاف ووتھ ماجہِ کُن سہٕ زن بدلیوٗ اَکِس لحظس اندر تیتھ بدلیوٗس شرارتہٕ سٟتی بُتھِس رنگ۔

''اہنٛ گوٚ برا...... ژٕ ئے وَنٛم تیٚلہِ کیاہ گژھکھ بوزناوُن''۔ پلشیر یاوٕ ژٕھس کرٛژھ تام گژھِت۔

''اچھا مےٚ وٕنی تو تِہٕ چھِوا مےٚ کھوژان'' رٛاسکولِنکافن پرٛژھنکھ اَسہٕ وُنہِ دہانہٕ۔

''پزٕ ر چھُ...... چون وَنُن چھُ بالکل درست'' دوٗنیایہِ ڈُنُس بُتھِس کُن نظر ترٛاوِتھ جواب۔ ''ہیرِ کھسہٕ وُن اَس موج چانہِ بَیہِ سینس پٹھ صلیبکی نشان بناوان'' رٛاسکولِنکافس زن یہِ بوٗزِتھ پیچ اَ ے...... تس گوٚ ورنگٕے تبدیل۔

''دوٗنیا ژٕ کمہٕ کتھٕ چھسکھ کران...... روڈیا گوٚ براہ۔ یِنہٕ ژٕ ناراض گژھکھ...... دوٗنیا ژٕ ئے کیا مطلب اوسُے یہِ وننُک''۔ پلشیر یا لٗج عقلہِ بقل گژھِت وٕنہِ۔

''اگر پوٚز مانکھ...... یٟلہِ ٹرینہِ منٛز اَسی یوریوان اَسی بوٚ اَسس سٔرٕ کران اَسی کتھٕ کٔنٛ سمکھو پانہٕ وٕانی تہٕ کروٚ کسٕے جایہِ بہتھ پانوٕنی اورٕچ یورٕچ کتھا...... بوٚ اَسس نہٕ ویٚژان کُنہِ...... چانہِ شوقہٕ تو رُم نہٕ فِکری سفر کپأری ووت اند۔ مگر بوٚ کیازِ چھُس ووٕنی یِمہٕ کتھٕ کران...... بوٚ چھُس ووٕنی خوش...... دوٗنیا ژٕ اَزِ نہٕ فضوٗل کتھٕ کران...... میانہِ گوٚ براہ...... میانہِ روڈیا...... بوچھس ووٕنی سٹھاہ خوش...... محض چون بُتھ وُچھنہٕ سٟتی گوم دِل شاد......''۔

''ہش...... موجی...... پتہٕ کیاہ گوٚ و...... رٛاسکولِنکاف لوٚگ ماجہِ ہٕندِس اتھس ژیٚلا ژیٚلا دِتھ وٕنہِ'' اَسہِ میلہِ سہٕ وَکھتہٕ یٟلہِ اَسی پرٛتھ معاملس پانوٕنی اَکسے جایہِ بہتھ دَل دِموٚ'' یہِ وَنان وَنان اَسی تِہٕندِس بُتھِس پٹھ پریشأنی ہٕندی آثار نٔنی پأٹھی بوزنہٕ یوان

تہٕ نظرٕ آس بوٚن کُن۔

"یٚیلہِ گٕژھہِ ژٕ ئیتھ موکلو۔۔۔۔۔سُہ گواز حد پریشان۔۔۔۔۔زردیو۔۔۔۔۔پتمیو کینژہ ودو ہو

پتھٕ ہینہٕ ییٚنہٕ واٲلِس اضطرابس منز آو سُہ دوبارٕ ہیٚنہٕ تہٕ تس پھٕٹۍ ترٕ کنڈۍ۔ اچانک پٲٹھی

گنیو وتس یہ احساس ییٚہ زٕوُنی وُنی وون تمہِ دوبارٕ لرزٕ خیزاپُز زٕوَکھ واتہِ یٚیلہِ وژھہِ واٲنجہِ

پتھ معاملس دٕل دِمو حالانکہِ وونی رٕوٚدنہ سُہ اَتھ قابل۔ وونی ہیٚکہِ نہٕ سُہ زانتھہ کانٛسہِ

ستۍ تہٕ کُنہِ معاملس پیٹھ آزادانہٕ پٲٹھی کتھ باتھ کٔرتھ۔ أمی خیالن ترسوسُہ یُوتاہ زِ کینژس

کالس رٕوٚدنہٕ قریب قریب تس کٔنیک حال ہوشی۔ سُہ ووتھ تھوٚدتہٕ کانٛسہِ کُن وُچھنہٕ

کرنہٕ ورٲے لوٚگ دروازس کُن پکنہِ۔

"کوٚت سادٕڑاکھ" رازوٗ منہِعن کٔرنس نرِتھپ تہٕ اوُمن پتھ کُن۔ سُہ بوٚٹھ ییٚہ

پلنے جایہِ پھٕر تہٕ لوٚگ ژھوٗپہٕ دٕم کٔرتھ ژوٚپاسے وُچھنہِ۔ تم سٲری گے حٲران تہٕ

شش و پنجس منز پیٹھ لگۍ تس وُچھنہِ۔

"ہے تُہی کیاز چھِو ییتھٕ کُنۍ موٗنیمتۍ" تمہِ ووٚننکھ یہ ڈٕلۍ زِ تہٕ کٔرکھ دِتھ۔ اَتھ

حالتس منز ییتھٕ کُنہِ تُہندِ کتھ کرنچ أس نہٕ کانٛسہِ امیدٕ ے۔ "تلہٕ ساکٔرو کانٛہہ کتھا۔

وٕنو سا کینژہ اہُنہِ مشیدہ ہٕندۍ جیٚۍ ہوۍ ییٚہنہٕ ستۍ کیاہ مفاد چھُو۔ شاباش۔۔۔۔۔گٔریوٗسا کتھا۔

تعجب چھُ۔ ازچھِ أسی یکہٕ وٕٹہٕ سٕمتھ مگر اَسن چھِ زن ٹیب دِژٕمژٕ۔ کرو کتھا باتھا۔۔۔۔۔۔

وٕنو سا کینژ۔۔۔۔۔اورٕ چ یورٕ چ کتھا۔"

"شکر خدالیس کُن۔ یوٗ گٔے یس پھرٕڑۍ ہے ہیے یوچ ہش بٲش ماسپرٕس بخیلن"۔

پلشیر یایہِ وون سپنس پیٹھ دون اتھن ہٕژن اونجن دوٗن صلیب بناوِتھ۔

تلا بایہِ مے وَن ژٕے کیاہ ڈٕلیل چھے" اودوتیایہِ پرژھُس۔

"ہا رکھنہِ ژٕے۔ مے پیٚیایہ کتھا اَکھ یاد" سُہ وُتھُس درجواب تہٕ تروٗن کُنے

اَسن کھنگالہٕ۔

''اگر کانٛہہ کتھ یاد پیأیی تیلہٕ چھُ سہلے۔ بوٚ لجوس سونچنہٕ زِ......'' زؤسی موفن وۄ نِنس صوفہٕ پیٹھٕ تھوٚ دؤ تھتھ کاڈ کڈان کڈان۔

''اچھا مےٚ گوٚ ژیر......بوٚ نیر وونی۔ بوٚ یمہٕ ییہٕ اگرے فرصت میج۔ آداب......'' رژھا بوٚن نمنہٕ پتہٕ دڑ او کمرٕ منٛز نیبر۔

''کوٚتاہ رُت انسان چھُ'' پلشیر یاؤنی پننہٕ دِلچ کتھ۔

''بالکل بالکل...... سبٹھے جان...... نرم طبیعت۔ تعلیم یافتہٕ تہٕ ذہین تہٕ'' رَاسکولنکافن وون چمہٕ خمہٕ۔ وُنی کیبس یتھ کنہٕ رَاسکولنکافس انٛدر زندگی ہُنٛد دَم خم باسان اوس۔ وُنیستام اوسنہٕ کُنہٕ وِزِ تمیک باس تہٕ لوٚ گمُت۔ وُنی کیبس اوس سہٕ صحیح معانین منٛز زِندٕ دِل۔ ''مےٚ چھُنہٕ یاد زِ بمارِ پننہٕ بروٚنہہ کتہٕ سمکھے یومےٚ یہٕ......مگر مےٚ چھُ......آ......بوٚ سمکھیوس أمِس...... وۄ نگوٚ پتہٕ چھُ سبٹھے جان انسان ہمدرد تہٕ خلوصہٕ وول''۔ رَازوٗمنہنس کُن اِشارٕ کرِتھ وون تمی۔ ''چأنی کیاہ رائے چھِ دؤنیا......ژےٚ اوٗے نایہٕ پسند۔'' تمی پرژھ ببنہٕ تہٕ اچانک پأٹھی تر وون خبر کیازِ اسن کھنگالہٕ۔

''بالکل سبٹھے پسند'' دؤنیایہٕ دِتنس جواب۔

''توبا۔ ژٕ کیا سہٕ چھکھ أصلی سور'' رَازوٗمنہن وۄ نِنس احتجاجن۔ سہٕ وۄ زلیو لمہٕ کتھِ ستی۔ سہٕ زن گوٚو پریشان تہٕ وۄتھ یاشاہ کرِتھ کُرسی پیٹھٕ تھوٚ د۔ پلشیر یایہٕ گمنأوی وُٹھ مگر رَاسکولنکافن تر وو اسن کھنگالہٕ۔

''کوٚت سا دڑا کھ ژٕ؟''

''بوٚ ہسانیر وونی''

''نہ......نہ......ژےٚ چھےنہٕ نیرُن۔ بیہہ۔ زؤسی موف دراونا۔ لہٰذا پزی نہٕ ژےٚ تہٕ نیرُن۔ بیہہ وونی۔ بجے یہٕ کُؤسنا۔ کاہ بجے یا۔ ژیہےٚ بڈٕ خوٚبصوٗرت گرِ چھے دؤنیا۔ ہے تُہہٕ کتھ ساپیٹھوٚ ییہٕ أسن تروٚپ دِتھ؟ وچھوٚ بوٚ چھُس کران کتھا کتھا''۔

''یہِ أس مےٚ مارفا پیٹر ونایہِ ڈألی دِژمژٕ'' دۄنیایہِ وونُس۔

''یہِ چھےٚ بڈٕ دروٗج''، پلشیر یاوونُس مزید۔

''مگر یہِ چھےٚ زیادٕ بڈٕ۔ یہِ چھےٚ نہ باسان اِزنانہٕ گرٕ''۔

''مےٚ چھےٚ یژھے گرٕ پسند'' دۄنیایہِ وونُس۔

''گوٚ دیہِ چھےٚ نہٕ لُذہٕنہٕ ڈألی''۔ رَاسکولنِکاف لوٚگ سونچنہِ تہٕ خبر کیازِ گوٚو سبٹھے خوش۔

''مےٚ اوس خیال۔ یہِ ماچھےٚ نَے لُذہٕن ڈألی دِژہٕمژٕ'' رَاسکولنِکافن وُنی نَس پتہٕ دِلچ کتھ۔

''نہ......نہ......تُمیٚ چھُنہٕ دۄنیایہِ وُنہِ اَکھ چیز تہِ دِتُمت۔

''واے......افسوٗس......موجی ژےٚ چھُیہٕ یاد زِ مےٚ تہِ اوس دِلس منز کأنسہِ ہُنٛد لول تہٕ بوٚ اوسُس تُمسِے ستیٚ خاندر کرُن یژھان''۔ تُمیٚ وۄن ماجہِ کُن نظر ترأوِتھ یوٚسہٕ نچھِوِ ژنٛدِس موضوعٕ تہٕ لہجہٕ اچانک پأٹھی بدلاونس پیٹھ سخت حأران أس۔

''اہنٛ گوٚبرٕ یاد کیازِ گوٚ ژھُم نہٕ آسُن''۔ پلشیر یایہِ گرٕ دۄنیایہِ تہٕ رَازو منہس کُن اُچھ ناٹھ۔

''بوٚ کیاہ ونو توہہِ......تیوٗت چھُمنہٕ یاد مگر تُہنٛزٕ واریاہ کتھٕ مشنٛم نہٕ۔ اکثر أس سو بہمار روزان''۔ رَاسکولنِکافن وۄن تِتھٕ پأٹھی زنتہٕ خوابٕ وُچھان اوس تہٕ نظرٕ تھاوِن بۄن کُن...... ''سو أس نہٕ ظأہری طور لاکہِ لگہار۔ اڈٕ لیچ أس بچأر۔ لہٰذا اوسُس دۄیمین ہنٛزٕ مجبوٗری ہُنٛد احساس۔ ہمیشہٕ أس غریبن غُرباتن خأرات دِیُن یژھان تہٕ گوشہِ نشینی ہُنٛدی خواب أس وُچھان۔ مطلب تس اوسنہٕ دُنیہُک ہاوس۔ سو أس نہٕ پان داوس لأگِتھ دیارٕ واجنٛی بتِکی خواب وُچھان......تہٕ اکہِ وِزِ کوٚتاہ اوش ہوٗرُن یَیلہِ مےٚ ستیٚ اَتھ موضوعس پیٹھ کتھ کران أس۔ مےٚ چھُ پوٗرٕ پأٹھی یاد۔ مےٚ مشن نہٕ تُہنٛزٕ تمہٕ

کتھ۔ قدٕ کنہٕ اُس سوٗ ٹھنگنہٕ ہش۔ تہٕ گرہٕ کتھ زِ مےٚ کوٚسہٕ صوٗرت چھےٚ پسند اُس مٕژ۔ مگر مےٚ اُس سوٲل باسان۔ پوٚز اگر ےٚ بوزومےٚ چھُنہٕ فکری تران زِ بو کتھ تہٕ کیاز گوس تس پتھ پھوٚلوٲے...... مےٚ چھُ باسان اوے کنہٕ زِ سو اُس علیل آسان۔ اگرے سوٗ لئنڈ یا کوٚبھ آسہِ ہے مےٚ چھُ بہتھ سوگڑ ھیے مےٚ زیادٕ ٹاٹھ"۔ یہِ وٕنتھ گمنٲوی تمۍ وُٹھ زنتہٕ وُنہٕ غفلتکہِ عالمس منٛز اوس۔

''اَتھ ونو وقتی دیوانگی۔ یتھ پاٹھۍ ناپوشہٕ بہارس منٛز محبوٗبہٕ سُند مار موٗت جانہِ منس انان چھُ''۔ شاعرن چھُ یمنے دوہن منٛز ووُمت۔

اما دِل مےٚ چھُم بہر دِل بر خراب
بہارُک ہوا تس سِوا چھُم عذاب

''نہ...... نہ...... سوٲس نہٕ وقتی دیوانگی'' دوٗنیاوٕ ژھس جوشہٕ ہٕش۔ تمۍ پھرِ اچھ ببنہٕ کُن مگر تمہِ کیاہ ووٗن تہٕ نہ بوٗزنے تہٕ نہ توٗ گُس سمجنے۔ سہٕ اوٗ خیالن ہٕنٛز گتھہِ منٛز ہنہٕ۔ سہٕ وُٹھ تھوٚد تہٕ گوٚو ماجہِ نزدیک۔ تہٕ تس موٚنہِ تہٕ میٹھی کرنہٕ پتہٕ بیوٗٹھ بیٚہِ پنٕنے جایہِ پتھر۔

''ژےٚ چھیہِ وُنہٕ تسُند لول دِلس منٛز'' پلشیر یایہِ پرژھنس۔

''تمِس ؟ وُنہٕ تہِ ؟ آ...... ہان...... ژٕ چھکھ میانہٕ...... گوٚژٕ چھکھ تمسے متعلق پرژھان ژٕ نہ...... بوٚ چھُس نہٕ ووٚنی تس محبت کران۔ سہٕ قصے گوٚو ختم کیاز سوے گیہِ ییمہِ عالمہٕ...... ووٚنی پژانیوسہٕ قصہٕ تہٕ تس تہِ گوٚو واریاہ کال مرِ مٕژ...... دراصل یہِ کینژا سپدان چھُ تتھ چھےٚ نہٕ دوٗرِنس تاژِے لگان۔ مےٚ چھُوتھ تہٕ سبٹھاہ دوٗر باسان'' سہٕ لوٗگ غورٕ سان تمن کُن وُچھنہِ۔ ''وُنی کیس چھُوتھ...... مےٚ زنتہٕ اَکھ ساس کلوٚ میٹر دوٗرِ باسان تہٕ تِتی پتھ چھُس بوٚ توہہِ کُن وُچھان۔ مگر مےٚ چھُنہٕ بوزُن تگان اُسی کیازِ لگی یہے کتھ کرنہِ۔ تہٕ اَتھ کتھِ پوٚس والنہٕ تلہٕ کیا مفاد نیرِ ووٚنی''۔ یہِ ونان ونان لٲگ تمۍ شرارتہٕ سٕتی وُٹھ ژاپنۍ تہٕ ڈیبو بیٚہِ خبر کمن خیالن اند رتہٕ پنٕنہِ پانہِ نشہِ گوٚو قطعی بےٚ خبر۔

"گوڑ کیتھ کمہٕ پھٕے ژےٚ۔ روڈیا۔ یمہِ ورأے آیو وے نابیٚہ کانہہ کمہٕ اتھ۔ یہِ چھُ زن مقبرٕ باسان"۔ پلشیر یایہِ ووٚنس من کوٚرن واجینٛ ژھوپہ پھُٹرأوتھ۔

"مےٚ چھُ بٕہتھ زِ روپیہٕ منز چھُ اُٹھ آنہٕ چانہِ بِمارپِنگ وجہ یِہے کمہٕ"۔

"میون ڈیرٕ"، تمہِ دِیُتس بےٚ خبری ہٕنٛدِس عالمس اندر جواب...... "بےٚ شک چھُ میانہِ ڈیرُک زبردست دخل اتھ منز"۔ مےٚ چھُ اِی خیال۔

"موج کاش ژےٚ ترِہی فِکرٕ وُنی کأژا عجیب کتھ کرٕتھ ژےٚ"، تمہِ ووٚن اُسان اُسان۔

ماجہ تہٕ بِینہِ ستی ترِبن وٚرین ہٕنٛدِ دوٗریرٕ پتہٕ یہِ ملاقات یمہِ باوجوٗد تہٕ زِ سہٕ اوس نہٕ کتھ کرٕنکس موٗڈس منز یمہِ وژھہِ وأنجہِ تہٕ خلوٗصہٕ برژ کتھ اگرے بیٚنہٕ رژھ کھنجہِ جأری روزٕ ہن تو ہند سوٗرے قوتِ برداشت راوِ ہے۔ سہٕ ما گژھہِ ہے فلوٗأے مگر اَکھ ضروٗری معاملہٕ اوس یُس کُنتہٕ صوٗرتہٕ امی دوٗہ اُنزراوُن اوس تہٕ ننبد رِوتھ وُنے اوس تمہِ امیک فأصلہٕ کوٚرمُت۔ سو کتھ یاد پِینہٕ سببہٕ گوٚو سہٕ سَبٹھاہ خوش۔ کیازِ یہِ اُس تِہنٛدِ بچنٛچ بڈ سبیل۔ یمن نِشہِ آزأدی لبنچ اُسس یِہے وتھ۔

"بوز دوٗنیا"، سہٕ لوٗگ سنجید پأٹھی بِینہِ وننہِ...... "راتھ یہِ کینٛژاسپد یو چھُس تچ معأفی منگان۔ مگر یہِ کتھ بیٚنہِ وٕنیٚ چھُس بوٚ پٔنٕن فرض زانان زِ بوٚ چھُس پٔننس فأصلس پتھ ڈٔٹتھ۔ ژٕ کرمےٚ یالڈہنس دوٚیو منزٕ اَکی سُند انتخاب ہاں اگرے بوٚ وحشی چھُس یا بدمعاش چھُس ژٕ موٚ بَن ترٕ ژھہ۔ تمہِ آیک چھُ اَکھا کأفی۔ وڈگو اگرے ژٕ لُڈہنس ستی خانٛدرکرکھ تیٚلہِ موٚ کلوٚ چون رشتہٕ مےٚ ستی۔ تیٚلہِ چھکھ نہٕ میأنی بینہٕ...... آ"۔

"روڈیا...... روڈیا...... ژٕ چھکھ بیٚنہِ راتکی پأٹھی کتھ کران"، پلشیر یایہِ ووٚنس زنتہٕ سولبلہٕ کران اُس۔ "ژٕ کیازِ چھُکھ پانس وحشی ونان۔ بوٚ چھبےٚ نہٕ یہِ بوزنہٕ باپتھ تیار۔ بوٚ دِمہٕ وُنی پٔننین پلون چاک۔ راتہٕ پتھ ووتےٚ ژےٚ اِی ونان پانس"۔

"بوزسا بابا"...... دۄنیا لُجُس اعتمادٕ سان وننہِ مگر زبوٗ زنتہٕ ہوٗ چھُم ژٕ اَسس ......

"مےٚ چھُ باسان ژٕ چھےٚ غلط فہمی سپز مژ۔ بوٗ أسس رأتی راتس اَتھ نبسبتھ سوٗنچان تہٕ مےٚ باسیوٗن امہِ ورأے ییٚہِ کہنٛہ۔ ژٕ چھُکھ سونچان بوٗ چھُس کأنسہِ پتھ بیٚیس کأنسہِ ہٕندِ خأطرٕ پان قوربان کران۔ ترٛٹھ دٔلیل چھیٚنہٕ ہرگز تہٕ۔ بوٗ چھُس پننہِ فأیدٕ باپتھ تس ستی خاندر کران کیازِ بوٗ چھُس تنگ دست۔ میون گذارٕ چھُ بمشکل سپدان۔ یہِ کتھ چھیٚنہٕ غلط زِ مےٚ سپد مسرت اگرے بوٗ پننہِ گرچہِ بجأیی ہُند سبب بنہٕ۔ مےٚ ووٗ گنہِ شان اگرے کأنسہِ گُنہِ رنگہِ اتھٕ شیہلأ وِتھ ہیکہٕ۔ مگر بوٗ چھُس نہٕ تمہِ مقصدٕ یہِ خاندر یژھان۔ بوٗ چھُس صرف پننٛی بجأیی یژھان اوے کنٛ چھُ مےٚ یہِ فأصلہٕ کوٗرمُت"۔

"یہِ چھےٚ اپُز ونان" نم ژٕاپان ژٕاپان لوٗگ سہٕ سونچنہِ۔ "کأژا عظیم چھےٚ۔ زٕہنٛی کرِنہٕ اقرار زِ بوٗ چھُس کأنسہِ ہٕندِ خأطرٕ پنُن پان چھپہِ دِوان یا بوٗ چھُس کأنسہِ خأرات دِوان۔ پانس چھےٚ سخ کبرٕ تھوان۔ ویسے چھےٚ أہنٛز بڈیأدی خصوصیتے یہے۔ لول ورتأوِتھ تہٕ چھےٚ نفرتھ باس دِوان۔ باسنے چھیٚنہٕ دِوان زِ کوٗت سرٛ بہہ چھُس...... مگر میانہِ باپتھ چھُ افسوٗسُک مقام...... مےٚ کأژا منہِ مچھ چھےٚ یہنٛز۔ یتھِ لولُک جواب شوٗ بیا پیٚژ انفرت"۔

"پزر چھُ اِی زِ" دۄنیاہِ تھأوکتھ جأری "بوٗ چھُس لُذ ہٕنس ستی خاندر کرُن یژھان کیازِ دۄ ییٚو بدنأمیوٚ مژٕ چھُس بوٗ سوأ کھ پانس پتھ ہیٚوان یوسہٕ گوارا سپدِ۔ بوٗ چھُس تس وفا کرُن یژھان تیٚیچ تس مےٚ نشہِ ووٚمید چھےٚ۔ لہٰذا چھُس نہٕ بوٗ تس دوٗکھ دیُن یژھان۔ ژٕ ے کیازِ اوے اسُنٕ" سوٗ ووز لیے یہِ تہِ شرارتہٕ ستی گیس أچھ سوٗرُخ۔

"وفا" دنٛدٕ ٹکان ووٚن تمہٕ یہِ اکھ لفظ اوس تہنٛزٕ بدظوٗنی ہند عکس زلان۔

"بالکل" مگر گُنہ خاص حدس تام۔ لذہن نیوٗ طور طریقو تہٕ مےٚ ستی تہنٛزٕ عشقبأری ہٕندِ اندازٕ تلہٕ توٚرمےٚ اِی فکرِ زِ سہٕ چھُ بس وفا یژھان۔ ممکن چھُ سہٕ آسہ پنُن پان خبر کیازانان یا

بۄ ڈِدٕ دولتمند مانان مگر مےٚ چھےٚ وومیدسہٕ کرِ مے تہٕ سخ احترام ...... ژٕ کیاز باربار آسان؟"

"ژٕ تہٕ کیاز بار بار وۄشلان۔ بیٚنٛز۔ اوے۔ کنٛ ناژٕ چھکھ اپزٕ ونان۔ ژٕ چھکھ

یرادتاً اپزٕ ونان۔ ژٕ چھکھ مےٚ بروٚنٛہہ کنہٕ پنٕن پان سربلند تھاونہٕ باپتھ کتھ گران تہٕ پنٕن

لفظ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ چھکھ ہڑدرمی کران ...... ژٕ ہیکِکھ نہٕ لڑٕ ہنس ہوس نفرس لول برِتھ۔

مے تہٕ چھُ سہٕ وۄچھمت تہٕ تس ستی چھسم کتھٕ تہٕ کرمژٕ۔ ژٕ چھکھ اپزٕ ڈرامہ کرِتھ پنٕن پان

دولتس گنان۔ بہرصوٗرت مےٚ چھےٚ مسرت سپدان زِ ژٕ رونہٕ چھکھ ژٕ تہٕ وۄشلان"۔

"نہٕ...... یہِ چھُ نہٕ صحیح ...... بۄ چھس نہٕ ژونان"۔ دۄنیایہِ ووٗ ہنس شرارت تہٕ ہیٚرٕ۔ "بۄ

کرنہٕ ہرگز تس ستی خاندراگرے مےٚ فکرتر زِ سہٕ چھُنہٕ مےٚ احترام تہٕ قدر کران۔ بۄ کرٕ ہا

نہٕ یتھ صوٗرتس منز تہٕ خاندراگرے مےٚ بوزٕن تگہِ ہے زِ بۄ ہیکہٕ نہٕ احترام کرِتھ۔ سہٕ کیاہ

چھنہٕ لولس قابل ...... خوش قسمتی کنٛ میلہِ مےٚ امیک ثبوت أزی ...... تہٕ یہِ خاندر چھُ نہ

ذلالت یا حقارت۔ یتھٕ پأٹھی زن ژٕ ونان چھکھ ...... تگرِتھ اگر ژٕ صداقتس پتھ تہٕ

آسہکھ تہٕ مےٚ یۄ دوے کانٛہہ خراب تہٕ ذٔلیل حرکت کرنک ہوٚل گوٚنڈ مُت چھُ یہِ چھےٚ نا

چانہِ خاطرٕ شرمندگی ہنٛز کتھ یہِ چھُنا چانہٕ سنگدلی ہُنٛد نوٚن ثبوت زِ ژٕ چھُکھ مےٚ بتھس پتھ

پتھٕ کتھٕ ونان۔ ژٕ کتھٕ پأٹھی چھُکھ مےٚ نشہِ بہوُدری ہُنٛد تقاضہٕ کران۔ ییٚلہِ زن ژٕے منز

تہٕ کانٛہہ بہوُدری لبنہٕ چھےٚ نہ یوان۔ یہِ گوٚو سراسر ظُلم۔ أتھی چھٕ شاہی ونان۔ بیٚیہِ اگرے

میانہِ دٔسی کانٛہہ اثر سپدِ تہٕ تمیک شِکار سپدٕ بۄے۔ میانہِ ستی واتنہٕ کانٛسہٕ دَدارٕ بٔلکہ گژھٕ

بۄے تباہ۔ بیٚیس کیا چھُ اتھ ستی۔ بۄ چھس نہٕ کانٛہہ قتل کران ...... ژٕ کیاز مےٚ یتھٕ پأٹھی

وۄچھان۔ ژٕ کیاز زرد یوکھ ...... روڈیا ...... بابے گاشا ...... پیأرٕ ...... کیاسہٕ ذٔلیل سپز؟"

"میانہِ پروردگارا ...... ژٕے کیا بی کوٚر تھن یہِ بیٚیہِ بےٚ ہوش" ...... پلشیر یایہِ

ووٗن وُٹھ پھبشان پھبشان پننہِ کورِ۔

"نہٕ ...... نہٕ ...... فضوٗل ...... مےٚ آیو گیوٚ رہیوٚ بےٚ ہوش گوس نہٕ ...... بےٚ ہوشی

ہُند لفظ چھُو توٚہہِ ذہنس پٮ۪ٹھ سوار گوٚمُت۔ اچھا...... کیا اوٚسُس ونان؟...... آ......

آ...... پیوم یاد...... از کتھ کنہِ میلی ژٕ ے تیتھ ثبوٗت یمہِ سِتی ژٕ تس احترام کرکھ...... تہٕ سہٕ...... چھُے ژٕ ے بقولِ چانہِ عزت کران۔ ژٕ ے أسکھ ناشایدوٗنی ونان"۔

"تلے موج...... ژٕ ہاو پیٹرو پیٹر وِچ سٕنز چِٹھ باے گاشس"۔

پلشیر یایہِ ژٕ ایہِ اتھن تھٕر مگر یِتھ تِتھ پلنووٗن خط رٕ اسکولن کافس۔ تمی روٗٹ خط بڈٕ چکہِ چاوٕ تہٕ دلچسپی سان...... پوٚ ز خط مژٕ راونہٕ بروٗنہہ ترأون یکا یک اَکھ عجیب نظر بٕہنہٕ ہٕنٚدِس بتھس کُن۔

"تعجب چھُ"، تمی ووٗن لوٚت پأٹھی زنتہٕ کانٕہہ نوٚو خیال دِہماغس منٛز ووٗتلیوٗس۔ أخر بوٚ کیاز چھُس کلس پٮ۪ٹھ کُنی ٹلان۔ یوٗت ہنگامہٕ کیازِ چھُس بوٚ کران۔ لیس سِتی خوٚش گوٚھی تس سِتی کرتہٕ خانٛدر مے کیاہ"...... تمی زن ووٗن پأنی پانس سِتی مگر ووٗنن زورٕ زورے۔ تہٕ برٚنٛزِس کھٔنٛڈس زنتہٕ روٗدبٮ۪نہِ کُن مدعأے گُنڈِتھ زنتہٕ پانٕہ تہٕ خبر کتھ پریشأنی اندر رہنہٕ آمُت اوس۔ أخر کار مُژٕ رأو تمی چِٹھی۔ مگر بُتھس پٮ۪ٹھ أسی حأرٕتکی تہٕ پریشأنی ہٕنٛدی آثار برابر ٹنی۔ امہِ پتہٕ لوٚگ وارٕ وارٕ مگر سٕنی پأٹھی خط پرنہِ۔ تمی پُریہِ چِٹھی اکہِ دوٚیہِ لٹہِ۔ پلشیر یایہِ اوس دِل ہتھ ہتھ گژٕ بوٚڈِتھ گژھان۔ تہٕ سارنے أس کُنہِ نتہٕ کُنہِ خاص ردِ عملچ وومید۔

ماجہِ کُن خط پلناوان ووٗن تمی رژٕ ھا دَم دِتھ "مے چھُ یمہِ کتھِ ہُند تعجب زِ" سہٕ اوس نہٕ وُنی کیٚبس تموٚ منٛز کانٛسہِ أکِس سِتی خاص پأٹھی کتھ کران۔" زِ سہٕ چھُ اَکھ بابأری...... اَکھ قونوٗن دان تہٕ کتھوتلہٕ تہٕ چھُ پٮ۪نہِ بجرُک باس دِوان مگر توٚتہٕ تہِ چھُ جأہِل لوٗکن ہٕنٛدی پأٹھی خط لکھان"۔

تمن تہٕ أس وومید زِیہِ ونہِ ترٕ ژٕ ھ کانٕہہ کتھ یوٗسہٕ تہندِ ذہنہٕ نبر آسہِ۔

"وکیل چھِ سأری تِتھے کنہِ لکھان" رازِ دٕ منہن کوٚر پنٕن خیال ظأہر۔

''اِی ون تس...... گوٚ برا...... وُنی رژھ کھنڈ برونٹھ...... پرژھ اَسہِ اُمس تہٕ راے......اسہِ دۄپ اُمس تہٕ ہیٚمو صلاح''پلشیر یازن رٕ ٹکھ ژۄ رِپٹھ تتھے کنہِ دیُت تمہِ کھۄژی کھۄژی جواب۔

''خط چھُن پۄرٕ پاٹھی عدالتی زبأنی اندر لیٚو کھمُت'' رازوٕ منہنن وۄن ......

''قونۄنی دستاویز چھِ ازکل تتھے پأٹھی لکھنہٕ یوان''۔

''قونۄن''......آ......آ......یہِ چھُ لگ بگ قونۄنی دوہہ دِژ زبان چھینہٕ۔اتھ منز چھُنہٕ عٲلمُک کانٛہہ بجر باسان......وونگو بالگلے جاٰہلانہٕ تہِ چھبنہٕ۔

''پیٹر پیٹروو چھُنہٕ یہِ کتھ کھٔٹِتھ تھاوان زِ سہُ چھُنہٕ زیادٕ تعلیم یافتہٕ۔وونی گوٚو تمۍ چھُ اَکھ اعلیٰ مقام پرومُت۔ پننہِ ذہانتہٕ کِنۍ۔ یتھ پیٹھ سہُ فخر چھُ محسوٗس کران''۔بأے سٔندِس لب و لہجس پیٹھ رژھا ناراضگی ظأہر کرٕنکس اندازس منز وون دۄنیایہِ۔

''خأر......اگرے تس اَتھ پیٹھ فخر چھُ تتھ معاملس منز چھُ حق بجأنب۔بوٚہیکہٕ نہٕ تتھ اِنکار کٔرِتھ۔بینۍ باسان چھُم ژٕ گیٚکھ ناراض تِکیازِ مےٚ کوٚر لُذ ہنِس خطس پیٹھ اولے امیک تنقید۔تہٕ بیٚیہِ چھکھ ژٕ سمجان بوٚ چھُس شاید ژٕ ناراض کرنہٕ کہِ غرضہٕ بےٚ ہۄدٕ کلامہٕ کران۔مگر گتھ چھےٚ نہٕ سوٚ بَلکہِ خط کہِ طرزِ تحریرٕ تلہٕ یہِ کینژامےٚ سمجھ تہٕ چھُ حالاتن ہِتی موأفِق۔خطس اندر چھےٚ کتھ اَکھ لکھنہٕ آمژ ''ذِمہ وأری چھوٕ پانس'' یہِ چھُ خاص مقصدٕ لکھنہٕ آمُت تہٕ واضح کٔرِتھ لکھنہٕ آمُت۔بیٚیہٕ چھےٚ اَتھ منز اَکھ دکی سوٚ یہِ زِ اگرے بوٚ تتہِ موجۄد آسہٕ تیٚلہِ ژلہِ سہُ درواز پیٹھے واپس۔یہِ واپس ژٕلنچ دکی چھےٚ تُہو دوشوے ترأوِتھ ژٕ ھنچہٕ دمکیہِ برابرا اگرے تُہو تہنز نافرمأنی کٔرو۔تہٕ توٚہہِ ترأوِتھ ژٕ ھنچ دکی تہِ کرچھُ دِوان۔ییٚلہِ پیٹرس برگ دعوتھ دِتھ واتناوی نو۔لہٰذا کیاہ چھےٚ ژےٚ خیال شوٗبیا لذہنس ہوِس ذہین تہٕ گاٹِلس انسانس یژھ کتھ لکھنہِ اگرے ہمۍ (تمۍ کوٚر رازو منہنس کن اشارٕ) یازوٚ سی موفن یا اسہِ منز کانٛسہِ لیٚچھ ہۄ آسہِ ہے بدل کتھ اُس۔کِنہٕ نہٕ؟''

"ن ...... نہ ......" دۆنیایہ دیُت جواب سۆ وۆشلے یہ زیادے۔ "مےٚ چھُ صاف باسان زِ ٲمِ چھےٚ یہِ کتھ پننہِ سیز رٕ لیچھمٕژ۔ تہٕ باسان چھُ شاید چھُس نہٕ فنِ تحریر معلوٗم ...... چون تنقید چھُ صحیح ...... یہ چھُ صحت مند تنقید۔ بایہ پزر چھُ اِی زِ مےٚ تہٕ اَس نہٕ وومید ......"

"چۆنکہِ یہِ چھُ قونۆنی طرزِ تحریرُک خط اَمی کِنۍ چھُ یہِ ترۆش تہٕ تلخ تحریر باسان حالانکہِ دِلی طور آسہِ ہے نہٕ توہندیہ منشا۔ مگر اَتھی ستی ستی چھُس بۆ چون بڑ بم ہنا پھُٹراوُن یژھان۔ چِٹھِ منز چھےٚ بیاکھ کتھ درٕج۔ میأنۍ عاأب گوٚی چھےٚ کرنہٕ آمژ۔ بلکہِ چھُ یہِ ہتکِ یزتھ تہٕ اَتھ پیٹھ ہیکہِ قونۆنی چاره جوٚی کرنہٕ یتھی۔ مےٚ دِتی راتھ شامن سأری پونسہٕ تس مۆنڈِ۔ یوسہٕ سِلہٕ لِدِنی چھےٚ۔ یَس مصیبتو نال چھُ وولمُت۔ تہنز غربت وُچھِت دِتی مےٚ تس تم پونسہٕ ...... مےٚ بنووٕ نہٕ تجہیز وتکفین امیک بہانہٕ بٔلکہِ اوس واقعی امیک مطلب کفنہٕ دفنُک انتظام کرُن۔ مےٚ دِتی نہٕ یم پونسہٕ تہنزِ کورِ یَس متعلق تٔمی لیوٚکھمُت چھُ زِ سو جوان زنانہٕ چھےٚ کنٛجرانہِ ہٕنٛدِ کھوٚتہٕ زیادٕ بدنام۔ (مےٚ چھےٚ سو راتھ شامن زندگی منز گوڈنچہِ لٹہِ وُچھمٕژ)۔ مےٚ کوٚر ریہِ مدد تس مۆنڈِ۔ یوٚسہٕ جلد بأزی لُذہن میأنۍ عاأب جوٚی کرنس منز گرمٕژ چھےٚ۔ مےٚ چھُ تمہِ تلہٕ تہنزِ یمہِ خاہشہِ ہُنٛد عکس زلان زِ سہٕ چھُ اَسہِ مابین ناچأقی پأدٕ کرٕنی یژھان۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ تمی قونۆنی زبأنۍ منز لیچھمٕژ۔ مگر انتہٕ چھُ بقولِ دۆنیا تہندِ سید سادٕ تحریر تلہٕ توہند مقصد دوٗرِ بوزُن تگان۔ لُذہن چھُ پزی اَکھ ذِہانتہٕ وول انسان مگر کانہہ کأم احتیاطہٕ تہٕ ہُشیأری سان کرنہٕ باپتھ گژھِ نہٕ فقط ذِہانتی اٲژ آسنۍ۔ امہِ سارے تحریر تلہٕ چھےٚ تٔہنز شخصیت پوٗرٕ پأٹھی ووتلان ...... مگر مےٚ چھُنہٕ باسان سہٕ چھےٚ ژےٚ عزت کران یا تس کیاہ چھُ چون احترام۔ یہِ وٕنتھ چھُ محض غرض ژٕ خبردار کرٕنی کیازِ بۆ چھُس خلوصہٕ تہٕ نیک نیتی سان چون رٕژر یژھان۔ بۆ چھُس یژھان ژٕ گژھکھ خوش روزٕنی ...... آباد آسنۍ ......"۔

"دۆنیایہ وۆنِتس نہ در جوابٕ کہنٛہ"۔ توہند قرارداد اوس منظوٗر کرنہٕ آمت تہٕ

سوأس ووٚنی شامُک انتظار کران۔

''روڈیا ووٚنی کیاہ کوٚرُتھ ژےٚ تیٚلہِ فأصلہٕ'' پلشیر یایہ پرژھنس یوسہ رؔاسکولن کاف ہِنٛدِ طرزِ کلامہٕ کِنی بروٚنٛہمہِ کھوٚتہٕ زیادے پریشان أس۔

''کمیک فأصلہٕ''۔

''ژےٚ وُچھتھ پانہٕ تہِ پیٹرٛ وپیٹرووِچن چھُ لیٚوکھمُت زِ ژٕ گژھکھ نہٕ شامنس اَسہِ سٍتؠ آسُن پتہِ چھُن لیٚو کھمُت زِ اگرے ژٕ آکھ تیٚلہِ ژلہِ سہٕ پوٚت کھوری واپس۔لہٰذا گژِھتھ.....ونتہٕ...... ژٕ یِکھا''۔

''مےٚ کیا زِ چھُ امیُک فأصلہٕ کرُن۔اگرے گوٚڈٕ ژےٚ تہٕ پتہٕ دُنیایہِ لذہن سُنٛد لکھُن ناگوار گوٚ ونہٕ بوٚ کرٕ تیٚلہِ تِ یہِ تُہٕ دُنیُٕ تہٕ پیٚہ تُہنٛد صلاح آسہِ'' تمؠ دوٚن سنجید پأٹھؠ۔ دُنیایہِ چھُ گوڈے فأصلہٕ کوٚرمُت تہٕ مےٚ تہِ چھُ تسی سٍتؠ اتفاق''۔

''بایہِ مےٚ کوٚر فأصلہٕ زِ تُہنٛزٕ ملاقاتہٕ وِزِ ژٕ اورٕ یور رُوزکھ...... ژٕ گژھکھ تتؠ موجوٗد آسُن''۔دُنیایہِ ووٚنُس پنُن فأصلہٕ۔

''بالکل''

''بوٚ چھبو توٚہہِ تہِ ونان اُٹھہ بجہِ روٗزِی زیوٗ اَسی سٍتؠ'' رؔازوٚ منٛہنس کُن مخاطب سپدتھ ووٚن دُنیایہِ ''موجی میأنؠ کِنی گژھِ تہٕ آسُن تتؠ''۔

''دُنیا...... ژٕ کرکھنہٕ غلط۔یہِ ژےٚ فأصلہٕ کوٚرُتھ تِ چھُ مےٚ تہِ تسلیم''۔پلشیر یا ووٚنُس مزید۔اکھتےٚ ما گژھِ مےٚ تہٕ سہوٗلیت۔بوٚ چھبس نہٕ کھوٚتی تہٕ کھن پسند کران۔ مےٚ چھُ پسند یہِ کینٛہ اوٚن آسہِ تہٕ گژھِ تِھس پتہٕ ونہٕ یُن......بہتر چھُ اِی......سوٗرے بوٚ زانہٕ پوٗرنہٕ تتؠ......ووٚنی گژھتن پیٹرو پیٹرووِچ اَتھ پتھ ناراضی یا متہٕ گژھتن!''



(۴)

اَمی وِزِ آو درواز وارٕ وارٕ مُژراونہٕ۔ تہٕ اَکھ جوان کوٚر ژایہِ کھوٗژی کھوٗژی تہٕ منٛدچھی منٛدچھی کمرس اندر۔ سٲری لگی حٲرتہٕ بُرژ ونظروتس وُچھنہِ۔ پرٕتھ کانٛہہ اوس ڈٔری یافت کرنٕچ کوٗشِش کران زِ یہِ کوٚسہٕ چھےٚ۔ کیاہ تہٕ کیازِ ژایہِ کمرس اندر۔ گوڈٕ ہیٛچ تہٕ سو رٚ اسکولٕنکافن تہٕ پرٕزٕنأوتھ۔ سوٲس سوٚنیہِ سیمانونا مارمیلادف۔ یوسہٕ تمی راتھ شامن گوڈٕ نٕچہِ لٹہِ وُچھمٕژ ٲس۔ مگر تمہِ وِزِ یمن حالاتن تہٕ تتھِس پوشاکس منٛز تمی سوٚ وُچھمٕژ ٲس تمہِ کنۍ ٲس رٚ اسکولٕنکافِس ذیہنس پیٹھ اَہنٛز اَکھ مختلف تصویر نقش۔ وُنی کنٛس اوس توٚہندلباس شریفانہٕ تہٕ غریبانہٕ یعنی سستہٕ قسمُک۔ سوٚ ٲس نوٚجوان بلکہِ نوجوٲنی منٛز وُنہِ کھوٚرُے تراوان۔ بالکل اَکھ شُرٕہِش۔ بُتھِ تلے ٲس سبٹھٕے حلیم تہٕ اعلیٰ اخلاق واجبن باسان ووٚنگوٲہندِس معصوٗم بُتھِس پیٹھ ٲس گبراہٹ ہِش لبنہٕ یوان۔ تِمِس اوس سیٚو دساد گرٕ کلی پوٚشاک لٲگتھ تہٕ ووڈِ ٲسس پرانہِ فٲشنٕچ اَکھ ہیٹ اتھس منٛز ٲسس ازتہٕ اَکھ چھٔتر۔ تس یوٚ دوے کمرس اندر رٔیتۍ لوٗکھ آسنٕچ وومید ٲس نہٕ سوٚ گیہ نہٕ تمہِ ستۍ پریشان مگر سوٚ منٛد چھےٚ یہِ زبردست تتھےٚ پٲٹھی یتھٕ کنہِ اَکھ لوٚکُٹ شُر منٛد چھان چھُ۔ تہٕ تمہِ ہیٚژ واپس نیرُن۔

''اوہو...... یہِ چھکھاژُ رٚ اسکولٕنکافن ووٚنس سہٕ اوس حٲرتن تہٕ تہٕ پریشان تہٕ۔ رٚ اسکولٕنکافس پیٚو یکدم یادزِ لٕذہنن چھُ خطٕ ذریعہٕ تٔہنٛزِ ماجہِ تہٕ بینہِ ''کہتام بدٕ چلن جوان زنانہِ ہُند کیاہ تام قصہٕ'' لیوٚکھمُت تہٕ وُنی رٔژھ کھنڈ بروٚنٛہہ کوٚر ٲمی لذہنس تِمِس خلاف یہِ وُنتھ احتجاج زِ سوٚ کوٚر ٲس ٲمی راتھ شامن گوڈٕ نٕچہِ لٹہِ وُچھمٕژ تہٕ اَتھی موقعس پیٹھ ژلہِ سوٚ اچانک پٲٹھی کمرس اندر زنتہٕ اسمانہٕ ؤژھ۔ ستۍ پیوٚتس یتہِ یاد زِ تمی کوٚر نہٕ

بقولِ لذہن أمِس کورِ ۂنٛدِس "بد چلنی" آسنٕس تہٕ نکار۔ رَاسکولِنٕکاف زنتہٕ یمن لامحدوٗد شک آور خیالن ہٕنٛدی سہلابن پیٹھ نیوٗ زنظر أمِس أمیٚہ پیٹھ لگتھ۔ تہٕ یہ کتھ ژینٕس لُجِس نہٕ تاأرے زِ سوٚ بچاأر أس رِس کیٚسرِ گاأمٕژ۔ سوٗ أس تیژا شرمندٕ زِ رَاسکولِنکافس گوٚ تہنٛز حالت وُچھتھ سخ محسوٗس۔ ییٚلہِ تمہِ خوفزدٕ سپدتھ واپسی خاطرٕ قدم تُلنۍ ہیٚتۍ رَاسکولِنکافس زن ژھیٚنۍ واأنج۔

"مے أس نہٕ وۄمیدی ژٕ یکھ یور زانٛہہ" تمۍ وۄنٕس یتھٕ پأٹھۍ نظر تراأوتھ زِ سوٗنیاہِ لوٚگ نہٕ چارے قدم ٹھہراونس۔ "وولہٕ بہہ۔ ژٕ آسکھ کیٹرینایہ سوٗزمٕژ۔ ہنہ......۔ نہ...... اتھ نہٕ...... ییٚتھ بیہہ......شاباش...... پکھ...... پکھ......"۔ تیٚتھے سوٗنیا اندر ژایہِ رَازومِنہن یُس رَاسکولِنکافنیو ترٛیو کُرسیو منٛز أکِس پیٹھ دراوازٕ اژوٕنۍ بہتھ اوس وۄتھ سوٗنیاہِ وَتھ تراونہٕ خاطرٕ تھوٚد۔ رَاسکولِنکافن کریٚو سوٗنیاہِ گوڈنیتھ صوفس پیٹھ تتھۍ جایہ بہنہٕ خاطرٕ اِشارٕ ییٚتھ زوٗسی موف بہان اوس۔ مگر ستی گوٚس احساس چوٗنکہِ یہِ صوفہٕ چھُ دراصل تسُنٛد بسترٕ تہٕ لہٰذا گوٚو یہِ بسترس پیٹھ بیٚہناوُنۍ زیادے پانیار ہاوُن تہٕ یہ شوٗبہ نہٕ۔ اِد تیٚتھے رَازومِنہن کُرسی پیٹھ تھوٚد وۄتھ رَاسکولِنکافن بہناوسوٚ نرِ تھپ کرِتھ أتھۍ کُرسیہِ پیٹھ تہٕ...... "وولہٕ ژٕ بہہ ییٚتھ" ونان ونان بہنوٗوُن رَازومِنہن صوفس پیٹھ۔

سوٗنیا بیٹھۍ کُرسی پیٹھ مگر تس زن ژایہِ تھرتھر...... تیژا ابٕھرے یہِ سوٗ أس ماجہِ کوربن کُن کھوٗژی نظر تراوان تِکیازِ تس اوسنہٕ پٔنٕن پان یمن نکھٕ نوٚکھ بہنس لایکھ باسان۔ امہِ خیالہٕ گابرِتھ گیہ سوٗ یا شاگرِتھ اِستادٕ تہٕ سیٚتھے پریشانی ہٕنٛدِس عالمس منٛز لجِ رَاسکولِنکافس ونہٕ۔

"بوٚ......بوٚ...... چھس صِرف اکہِ منٹہٕ باپتھ آمٕژ۔ خلل اندازی خاطرٕ دِی زوٚ مے معافی" سوٚ لج کھوٗژی ونہٕ...... "بوٚ سوٗزنس ماجہِ۔ تتہِ اوسُس نہٕ بیٚیہ

کاتھہ یَس سۆ یور سوزِ ہے۔ وونم تو ہہ، وُن ...... پگاہ ...... صبحنس ...... أنی زوتھ تہٕ ...... أخری جنازس پیٹھ میتر وفینسکی تشریف ـ تمہٕ پتہٕ چھُو سون گرِ یُن ...... امہ مطلب ...... تمہٕ دوپنو تہندِ یِنہٕ سپدِ بم عزت افزأیٔ۔ مطلب تمس ...... تمہٕ چھُ مے ووُمت تو ہہِ گُلی گنڈِتھ امہٕ باپتھ زارِ پار کرُن ......"۔

سۆنیایہِ کلے یہٕ زوتہٕ لٰہذا اُرِن أتی ژھوٚپہ۔

"بوٚ کرِ ضروٗر تہٕ ضروٗر کوٗشش" راسکولنکاف ووتھُس درجواب۔ سہٕ تہٕ ووٗتھ تھوٚد۔ تس تہٕ کلے یہٕ زوتہٕ پننی کتھ ہیچن نہٕ مکمل کرِتھ ...... "أکِس رژھِ بیٹھہٕ پتھر" سہٕ ووٗتھ سۆنیایہِ کُن "مے چھےٚ ژےٚ ستی کتھ کرٕنی ـ مےٚ چھُ فکرِ تران ژےٚ چھے جلدی مگر دوٗن منٹن کرتاب۔ بیٹھہٕ تھاوقدم" ...... أتھی ستی لوٚم تمی کُرسیہ تس کُن۔

سۆنیا پیٹھی دُبارٕ تہٕ بیٹھ اکہٕ پھرِ کھوٗژی کھوٗژی تہٕ منٛدٕ چھی منٛدٕ چھی یمن ماجہِ کورِ بن کُن نظر کرِتھ تراو بن أچھ بوٚن کُن۔ راسکولنکافُن زرد بُتھ ووٗ شلیوٚتس زن گیہ ساأرےٕ پانس ڈنن تہٕ أچھی گیس رتہٕ ژونگ ہشہٕ۔

"موجی" سہٕ لوٗگ پُر اصرار تہٕ پُر اعتماد پأٹھی ماجہِ کُن وننہٕ ...... "یہٕ چھےٚ سۆنیا سیمانو نا مارمیلادف۔ یہٕ گیہٕ تمسے بدقسمت جناب مارمیلادف سُنٛز کوٗریُس راتھ مے برونٛٹھ کنہٕ بگہٕ تل گوٚوتہٕ یمنٛز بوٗونی کتھ اوسُس کران"۔

پلشیر یایہِ کرِ رژھا بُمہٕ چاأرِتھ سۆنیایہِ کلہٕ پیٹھ نلس تام نظرا۔ روٗدی سُنٛزن نظرن ہنٛدِ دم خمہٕ ستی پریشانِ گژھنہٕ باوجوٗد بیوٗٹھ تس دِل قرار۔ دوٗنیا سنے یہٕ زبردست پأٹھی أمِس مُفلِس کورِہنٛدِس بُتھِس تہٕ تس گوٚو یکدم تہنٛزِ أندرمہٕ خلبلی ہنٛد احساس ییمکی آثار تہنٛدِس بُتھِس پیٹھ ننٛی اُسی۔ یہٕ بوٗزِتھ زِ کمرس منٛز موجوٗد دۆن زنانن ستی چھُ تو ہنٛد تعارف کرناونہٕ یوان کریے یہٕ سۆنیایہِ پننہٕ أچھ دُبارٕ تھوٚد تُلنٛچ کوٗشش مگر ہیچ نہٕ تُلتھ کیازِ سۆ أس برونہمہِ کھوٚتہٕ زیادے پریشان تہٕ رس کینٛسِر۔

''بۄ اوسُس ژےٚ پرژھُن یژھان'' رَاسکوٗلِنکافن ہیوٚتُس جلدی منٛز دُنن ''راتھ سپٕز اَیہِ ساری کام ٹھیک پأٹھۍ۔ پُلسہِ والیو ماستأو گرو؟''۔

''نہ...... تِم کیاہ کرِہن...... تِہٕندِ موتُک وجہ چھے بالکل واضح اوس...... تِمو کوٚر نہٕ کُنہِ قسمُک ستاو...... وونگوٗدو یِمَن کرالیہِ دارن کھۄژ شرارت''۔

''کیازِ؟''

''میّت یتِس کالس گرٕس منٛزٕ روزنس پتھ...... گرمی چھنا زیادٕ۔ گرمی منٛز چھا موٗردِ بنان زیادٕ کالس تِتھے کنہِ تھاوُن۔ لہٰذا چھِ تِم اَزی میّت قبرستان واتناوِنی یژھان۔ راتس تھاونس تہٕ کِہی گرجا گرس اندر''۔

کیٹرینا اَس نہٕ گوڑٕ اتھ پتھ رضامند مگر وونی چھُ تس پانس تہٕ اِی ضروٗری باسان......۔

''گوٚ وتیلہِ اَزی؟''

''تِمو چھُو وۄنمُت منّت تھاوِ زبو پگاہ صبحن گرِی زبو گرجا گرس اندر آخری جنازس منٛز شرکت گرِتھ اَسہِ عزت افزأیی تہٕ تمہِ پتہٕ اِی زبو کاُج فاتحس پتھ گرِتہِ''۔

''تمہِ چھا کاُج فاتحک تہٕ انتظام کوٚرمُت؟''

''آ...... مگر ژھوٚٹے...... راتھ یُس مدد توٚہہِ کوٚرو تمہِ خأطرٕ چھُنم ووٗنمُت تُہٕند شکریہ ادا کرُن۔ اگر نے تُہی مدد گرِہو اسہِ اوسنہٕ کفنہٕ دفنہٕ خأطرٕ کون پونسہٕ تہٕ''۔

تس ہیوٚن وُٹھن تہٕ ہوٚنکنہِ تھتھراے وو تھٕنز مگر زبردست کوٗشش گرِتھ کوٚر تمہِ پانس پتھ کنٹرول تہٕ نظر تراُوِن بییہِ تہٕ بوٚن کُن۔

کتھ باتھ کرنس دوران روٗد رَاسکوٗلِنکاف تس پۆرٕ توجہ سان وُچھان۔ تس اوس زرد رنگہٕ سبتھاہ لوٚکُٹ برارِ بُتھ ہیو...... بلکہِ بےٚ قاعدٕ تہٕ تِکوٗنی بُتھ۔ تس اَس طوطہٕ سُندی پأٹھۍ ژھوٚٹ تہٕ زاُوِج ہوٚنگٕز یِہے چنہٕ پھٔلِس سوٚنب۔ تس ہیکھو نہٕ خوٗبصوٗرت وُنتھ مگر تھٕنزٕ ٲچھ آسہٕ پٔژ یہِ وُنہِ تہٕ سُو اَس تیو اسیو دسادٕ تہٕ معصوٗم باسان زِ اکہِ نظرِ

اُس دِل مُہتھ نوان۔ سوٗنیایہ ہنٛز شخصیژ تہٕ تسندس بُتھس منٛز اُس بیا کھے خصوٗصیت۔ 18 ؤرِش آسنہٕ باوجوٗد اُس سوٗ سیٹھہے لوٗکٹ بلکہٕ اُکھ شُر باسان۔ یِتھ زِوٗنتہٕ اُس طِفلانہٕ حرکژ کران مگر کُنہ کُنہٕ اُس تِہنٛز شُری لاٗزی بےٚ مانہ تہٕ بےٚ ہوٗد باسان۔

''مگر کیٹرینا ہیکیا اِتی پونسہٕ ستی سورُے انتظام کٔرِتھ؟ اتھ ژھربر باوجوٗد چھاسوٗ کاٗج فاتح کرُن یژھان؟'' رَاسکولنکا فِن تھاُوکتھ جاری......

''تابوٗت تہٕ...... کفنہٕ وغاےٚر سورُے کیتھہ آسہِ سیٚو دساد تہٕ لوٗتہٕ واٗے...... تتھ پیٹھ لگہِ نہٕ زیادٕ خرچ...... کیٹرینا تہٕ مےٚ چھُ امیک پوٗر حساب کِتاب لگومُت...... تتھ پاٹھی چھُ واریاہ پونسہٕ ژونکھ بچان...... ماجہِ اوس فاتح کرنک بڈ شوق...... تہٕ ؤنی تو وونی کتھ کرِ بیا کھ...... بیٚیہِ تس تہٕ گژھ اِمہِ ستی تسلی...... سوٗچھےٚ سخ تیشل ژےٚ چھُیہِ پتاہ......''

''آ...... آ...... تو رُم فِکرِ...... سوٗ گژھ ترژھے آسنی...... مگر ژٕ کیازِ چھکھ کمرس یتھ کنہٕ وُچھان؟ مےٚ اُس موج تہٕ وُنی ونان زِیہِ کمرٕ چھُ قبرٕ ہیوٗ''۔

''راتھ دِتھ ژےٚ چندٕ ؤنتھ ساری پونسہٕ اَسی'' سوٗنیایہِ ووٗننس کتھ بدلاٗوِتھ ورگہٕ جواب۔ تمہِ وۄن یہِ تھدِ تہٕ تیز تیز مگر باسان اوس زنتہٕ کنس تل ونان اُسس۔ پریشاٗنی منٛز ہینہٕ یتھ ترٛاوتمہِ نظر بیٚیہِ بوٗن کُن۔ تِہنٛد بن وُٹھن تہٕ ہوٗنگنہٕ ؤژھ بیٚیہِ اکہِ پھرِ تھرِ تھر۔ رَاسکولنکا فنہِ مُفلسی ہٕنٛد احساس گوٗ وتس براژوٗنے مگر وُنی کیٚبس ژٕلِس یِم لفظ زیوِ بےٚ اختیار پاٹھی نیرِتھ۔ اِمہِ پتہٕ گیہِ لتہٕ ژھوٗپہٕ۔ دوٗنیایہِ ہنٛز اُچھ زوتنے یہِ تہٕ پلشیر یایہِ تہٕ ترٛاو سوٗنیایہِ کُن ووٗنی ہمدردانہٕ نظر۔

''روڈیا''...... پلشیر یایہِ ووٗننس تھوٗ دووٗتھان ووتھان ''ووٗنی کھیکھ ژٕ از کال ضروٗر اَسی ستی۔ گوٗڈھیک...... تہٕ دوٗنیا ووٗتھ ووٗنی...... روڈیا ژٕ کرتہٕ نیٚبر کُن گردشا۔ نیٚبر مہِ ہواہہِ ستی ماگژھکھ تازٕ پھن تہٕ اَسہِ نِشہِ یِنہٕ بروٗنٛہہ کرتہٕ پیٚتی ڈاف ترٛاوِتھ رژھہِ کھنجہ آرام...... مےٚ چھُ باسان اسہِ تھکہٕ روٗو کھ ژٕ......''۔

''بۆ یمہٕ شامنس ضروٗر'' وارٕ وارٕ تھوٚ دوو تھان ووٚہنس تمیٚ درجواب...... ''ووگو

مےٚ تہٕ چھےٚ اَکھ ضروٗری کاٗم''۔

''مگر شامنس کھٕکھ نا بتہٕ یمنےٚ ستیٚ...... ژٕ کیا چھُکھ یہِ ونان'' رازوٚمنہن

پرژھنس...... بتھ تھٲوِتھ۔

''آ...... آ...... بۆ یمہٕ ضروٗر۔ بۆ واتہٕ بہر حال...... اچھاتہٕ ژٕ ٹھہر بیٚیہٕ اَکِس

مِنٹس یتِنےٚ۔ موجی توٚہہِ ماچھوٗ رازوٚمنہن ستیٚ نیُن تہٕ بو چھُسن یہِ توٚہہِ نِشہِ الگ

کران''۔

''ہانہ...... نہ...... کینٛہہ چھُنہٕ...... اچھا دِمتری پراکوفچ ژٕ تہِ کرِ زِ مہربٲنی۔

شامنس کھیِیہٕ زِ ژٕ تہِ بتہٕ اَسی ستیٚ''۔

''آ...... مہربٲنی کرِتھ اِی زبوتھ تہٕ'' دوٗنیایہِ تہٕ کرنس دعوت...... رازوٚمنہن

کوٚرسرخم تسلیم''۔ رٕژھ کھنٛجہٕ روٗدی سٲری ژھوٚپہٕ کرِتھ اَکھ اَکِس وُچھان۔

''اچھا روڈیا بیٚیہٕ سمکھنس تام الوداع۔ گوڈٕ چھُنہٕ مےٚ الوداع وَنُن خوش کران۔

بۆ چھُس دپان ہے ہے پننہٕ خدانخواستہٕ...... اچھا...... نستاسیہ الوداع...... ووہے مےٚ

ژوٗل بیٚیہٕ الوداع نیرِتھ۔

پلشیر یا اَس سوٗنیایہِ تہِ روخصت ہیوٚن یژھان مگر سوٚ ہیچ نہٕ تہِ کرِتھ خبر کیا زِ

گابریےیہٕ تہٕ درایہِ کمرٕ نمبر۔

مگر باسان اوس اودیتا رومانونا اَس پننہِ وارِ پیاران تہٕ ماجہِ ہنٛدِ نمبر نیرنہٕ پتہٕ

نمیےیہِ وژھِ وٲنجہِ تہٕ خوش اخلٲقی سان احتراما سوٗنیایہِ بروٚنٹھ کنہٕ۔ سوٗنیا تہٕ نمیےیہِ

ٹُہنٛدِس احترامس منٛز تھےٚ کنہِ مگر سوٚ اَس گوڈے پریشان تہٕ دوٗنیایہِ ہنٛدِ یتھِ سلوٗکہٕ ستیٚ

زَن وٗژھ تس کھریس۔ تس اوسنہٕ پنُن پان اَتھ لایکھ باسان۔ یہِ حُسنِ سلوٗک باسیوتس

زیادے تکلیف دِیہہ تہٕ کریوٗٹھ۔

''اچھا دۄنیا۔ خدا حافِظ'' رَاسکولنکافن دیُت وُٹس منز وأتِتھ بٹہٕ رۄخصت ...... ''وولہٕ اتھواس کر''۔

''اَسے وُنی اتھواس کوٚر۔ ژےٚ گوٚیہٕ مشرٕ ہے؟'' دۄنیایہٕ وۄن درجواب تس کُن گرم جوشی تہٕ رژھا ہے بنگہٕ گرژھت پھیران پھیران۔

''رِکھنی چھُنہٕ پرواے۔ یپیہٕ اکہِ لٹہِ سہی'' اَتھی سِتی دیتنس اتھس زبردست چیر۔

''دۄنیایہِ گُمناوٕی وُٹھ۔ بتھس پھیوٚر س رنگ تہٕ اتھہٕ بازنہٕ پتہٕ لَج خوش تہٕ خوشحال ماجہِ پتہٕ پتہٕ ڈیرس کُن پکنہٕ۔

''سۄنیا...... زندگی چھےٚ بذاتِ خود اَکھ بوٚڈ موت۔ تراوموسَن'' کمرس منز واپس اژِوُن لوٗگ سہٕ وُتس ونہٕ...... ''خدا کرِنی مرحومہٕ ہٕندِس روٗحس صبر تہٕ سکوٗن عطا ...... سہٕ گوٚ وغمہٕ تہٕ دۄکھہِ نشہِ آزاد مگر زِندن چھےٚ یتھ تِتھہٕ زندگی ہٕنز تلخی سرِنی اوٚرِ کنی چھُ دِل دوٚر کرُن۔ چھا ٹھیک رِکنہٕ نہٕ؟'' سہٕ اوس یہٕ ونان ونان سۄنیایہِ ہٕندِس بتھس مدأے گنڈِتھ وُچھان۔ رَاسکولنکافنس بتھس پھیوٚر رنگ۔ سہٕ اوس غموتہٕ فِکروٕ نشہِ آزاد ہشاش بشاش باسان۔

سۄنیا گیہِ اسکولنکافنہٕ اتھ اچانک تبدیلی پٹھ حأران کیازِ رَاسکولنکافن بُتھ اوس وُنی کیبس چمکان۔ لیس وُنی رژھ کھنڈ بروٚنہہ بدحال تہٕ سوسہٕ نیومُت اوس۔ رَاسکولنکاف رۄد کینژن ژِہین ژھوٚپہِ دَم کرِتھ سۄنیایہِ وُچھان۔ یمن گرژن تام ژِہین منزٕ ےپیہِ تس سۄنیایہِ ہٕندِس مأمی سٕنزٕ اَکھا اَکھ کتھ یاد......

''دۄنیا'' سڑکہِ پٹھ واتہٕ وُنےٚ وُژھ پلشیر یا کورِ کُن......''بوٚ زن گیٚس اتہٕ نبر نیرنہٕ سِتی زِندٕ۔ مےٚ لوٚ تیو دِلہٕ پٹھ بار۔ راتھ اوسنہٕ ریلہِ منزٕ مےٚ سوٗنچمت تہٕ زِمےٚ کیا یپیہِ روڈیا ہس نِشہِ نیرنس وونِدٕ۔ تہٕ اَمہِ سِتی کیاہ باسم کُنہِ قسمہٕ راحت''۔

''موج...... بوٚ چھسبے ونان...... یہٕ چھُ وُنہِ سخ علیل۔ ژےٚ چھےٚ نا فِکرِ تران؟ شاید

چھُ یہِ سانٛی فِکرِ سببہٕ پریشان۔ اسہِ پزِ صبرس کاٲم ہیٚنٛز تہٕ یوٗت پلہِ تیوٗت درگذر کرُن"۔

"مگر ژےٚ کوٚر رُتھ نہٕ پانہٕ اتہٕ صبر کیٚنٛہہ" پلشیر یایہ رٹ سوٗ ژھوٚٹہٕ گنڈٕ۔ تس کھوٚت کورِ ہُنٛزِ کارستانٛی پیٹھ خشم۔ ژےٚ چھےٚ نا پتاہ...... بوٗ اُسس ژےٚ کُن تہٕ وُچھان۔ ژٕ چھکھ اُن تہٕ غاٲن تمسےٚ ستۍ رلان۔ شکل صوٗرت چھونہٕ تیژہ رلان یوٚژہ خصلت رلان چھےٕ۔ تہِ دوٗ شوے چھےٕ بومہٕ لدٕ بدٕ مزاز تہٕ تیز طبیٚت۔ دوٗشوے چھےٕ ٹیٹھ تھاوان وونگو دِلہٕ۔ کنہِ چھےٕ دوٗشوے نرم تہٕ انصافی...... مےٚ چھےٚ پوٚر پرٕتھ روڈیا چھنہٕ ہر کٕنہ تہِ خوٚدغرض تہٕ مکار...... بوٗ زتھ ژےٚ۔ مگر دوٗنیا...... مےٚ چھےٕ وانٛج ہتھ ہتھ گزٕ بڈتھ گوٗھان تیتھےٚ بوٚ سونچان چھس شامنس کیاہ بنہٕ۔

ژٕ کیازِ چھکھ باتٕبران۔ موجی ہمیشہٕ اُزِ یاد تھاوان یہِ کینژا قسمتس لکھتھ آسہِ تی واتہِ۔

"دوٗنیا ژٕ تراو پننس حالتس پیٹھ نظر۔ اگرےٚ پیٹر پیٹرووِچ یہ رشتہٕ ژٹہِ۔ تیلہِ؟"...... پلشیر یایہ ہیٚتھٕ اَش گنڈٕ پھٹنہٕ تہٕ فِکرِ ستۍ زن ڈوٗلُس رنگ۔

"اگرےٚ تہِ سپدِ ...... تیلہِ تر برونٛہہ فِکرِ سہ کیُتھ چھُ۔ تیلہِ لوٗنہٕ سہ زٕ پونسہٕ تہٕ ژھٹنس بلاےٚ" دوٗنیایہِ دیتنس حقارتہٕ بوٗ رُت ترُک بہ ترُک جواب۔

"خار اسہِ کوٚر جانٕے ...... اُسی دژا اےٚ روڈیاہس نٕشہٕ" پلشیر یایہ ووہنس فی الفور کتھ بدلاوِتھ"۔

تس زن اُس خبر کِچھ باتٕبر باسان۔ اگرےٚ سہ ونبر کُن نیرِ تہٕ تاز ہوا چیٚہ...... تس پھیر نو زندگی۔ تہندس کمرس چھےٚ نہٕ ہوائی تہٕ گنہٕ کنۍ اژان...... مگر ییٚتہٕ تہٕ گس ہوا چھُ۔ پیٚتچہ سڑکہٕ تہِ چھےٚ بند کمرو کھوٚتہٕ بتر۔ ہوا رنگ تہٕ چھینہٕ پکان۔ خدایا افو...... یہ تہِ گوٚو شہرِ ے...... ہے قدم ٹھہراو...... اُ کتھ کُن۔ ینہٕ تل گوٚھک...... اورِ چھِ ہُم لۆکھ کیا تام پکناوان۔ یمن کیا سنا چھُ گوٗمت۔ وُچھ...... یم چھی پیانو پکناوان۔ آ...... پیانوِ ے

چھُ ...... وُچھ دقہٕ دقہٕ تہٕ ژیٖل ژیٖل کیا چھِ ...... مےٚ ہے تِمس نوجوان کورِ متعلق تہِ دِل کیاہ تام ونان ...... سو چھم نہٕ سبد بو پد بو باسان"۔

"کوسہٕ؟"

"سوٚے ...... صوٗ فیا سیمانونا ...... یوسہٕ وُنی اَسی نِشہٕ اَس"

"تمہِ بچارِ کُس اثر کوٚر؟"

"دوٗ نیا مےٚ چھُ اندازٕ ...... ژٕ کرتہٕ یقین یا متہٕ مگر ...... بوٚ ونے ...... تِتھے سوٚ برٕ لنٛد رژایہِ مےٚ گنیوشک زِ سارے مصیبتک گوٚڈ گرٛژھِ سوے آسنٛی ......"

"تِرٛژھ چھیٖنہٕ کانٛہہ ڈلیٖل" ...... دوٗ نیا گیٖس ژکھِ ......" بوٚ چھُس دپان موج ژٕنے کم فطرات چھی ووتھان۔ چاٗنس اندازٕ لگاونس چھُنہٕ موٚلوٗ نے۔ تُمی بچاٗری چھےٚ سوٚ اوترٕ شامن گوٚڈ نچہِ لٹہِ وُچھمژ۔ یٖیلہِ سو اند رژایہِ کٔرنے سو پرزناوتھے ہیچ نہٕ"۔

"تھاونظر ...... پانے تری فکرِ ...... سوٚ یٖیلہِ نہٕ وچھ ژٕ ناویم تیٖلہِ وٗنی زِ ...... پانے ونکھ یٖمہِ ماجہِ کیاہ ونیوم ...... بوٚ کھوٗ ژس تِمس۔ نوٗلہٕ سُنٛدی پاٹھی اَسم وُچھان۔ خبر ژٕنے توٚ ریہِ فِکرِ بوٚ ہیٛٹھس کُرسیہِ پیٛٹھ بمشکل یٖیلہِ سہٕ تُسنٛد تعارف کرناوان اوس۔ مےٚ ژجے یہِ کُرسی نیرتھ تیٚتھ بوٚ ڈیوم دِل تعجب چھُ ہُپاٗری سوٗ زی پیٖٹر پیٹر ووِچن اَمس لڑکی ہُنٛدی گوٚن چھِ منٛز لکھِتھ تہٕ یپاٗری کرناوروڈیٖن سوے اَسہِ ستی ملاقات۔ ضروٗر چھُ کیہتام دال میں کالا ...... پیٛٹھ اگر ے لُذہنس پتاہ لگِہ سہٕ زِ تھر اوبھری بایہِ ہُنٛد کن ......"۔

"پتہٕ چھالوٗ کن ہُنٛد ہے گن دیُن ...... اَسہِ متعلق کیاہ کیاہ آو ونہٕ یا لکھنہٕ۔ کاٗژاہ عاٗبتھ غاٗبتھ کرلوٗ کو تہٕ گوٚیہِ مشربے۔ مےٚ چھُ یقین زِ سوٚ چھےٚ شریف کوٗر تہٕ تِمس متعلق یہِ کینٛژ الکھنہٕ اوٚے تہٕ چھُ بکواس۔ تُمی چھُ نہکے اوہنٛد دامن چھوٗ لمُت۔ تہٕ چون اندازٕ تہٕ چھُ صریحاً غلط"

"خدایے بوٗزِن چونے اَسنٛی پوٗز"

''دراصل چھُ پیٹر پیٹرٛو وِچ پانہٕ ذٔلیل تہٕ اوے چھُ لۆکن ہُنز عأبتھ غأبتھ کران۔'' دۆنیایہ ووٚہنس مزید شرارتہٕ ہٕنز۔

پلشیر یا گٔیہِ شرمندٕ۔ تس پھۆر نہٕ ذٕرہ تہٕ تہٕ امہِ پتہٕ رُوز دۆشوے ماجہِ کورِ ژھوٚپہٕ دَم کٔرتھ پکان۔ ہپأرۍ نیوٚر اسکوٗلنٕ کافن وٕٹہِ منز اندرأ ژھی رازدٕ منہن دارِ گٔن تہٕ لۆگس وَننہِ ''بۆ ونے ژٕے کیاہ کأم چھےٚ''

''تیٚلہِ ونابۆ کیٹرینایہِ تُہۍ وأتیوٗ پگاہ'' سۆنیایہِ پرٛژھ تھوٚ دۆتھتھ نیرنچہٕ سکھرِ منز رَاسکوٗلنٕ کافس کُن نظر تُلنہٕ ورأئے۔ ''اَکھ منٹ...... صوفیا سیمانونا...... اَسہِ چھےٚ نہٕ کانٛہہ سِرٕ کتھ کرٕنی۔ چانہٕ سٟتۍ چھُنہٕ اسہِ کانٛہہ تھوٚتھ۔ مےٚ چھِ ژٕے سٟتۍ بیٚیہِ اَکھ زٕ کتھٕ کرنہٕ۔ بوز ساٹز'' رَازدٕمنہنس کُن بیٚیہِ پھیرِتھ لۆگ سہٕ وَننہِ...... ''ژٕ زانہٕ ہنہٕ سہٕ...... کیاہ چھُ تس ناو...... پرافری پیٹرووِچ؟''۔

''گۆژھہ سَن نازانُن۔ سہٕ چھُ مےٚ رشتہٕ دارٕ ے۔ اِد کیازٕ؟'' رَازدٕمنہن وو ہٕنس دلچسپی سان۔

''تمہِ کیسک تحقیقات چھُناسہٕ کران...... تمہِ ہساقتلہٕ کیسک...... چھُیہِ کینٛہہ پتاہ...... ہایوٚ أسیوٗ ناتُہۍ تمۍ کتھ کران۔''

''ہانٛہہ...... اچھا...... اچھا...... اِد'' رازدٕمنہس گے گٔن کھڑا۔

سہٕ چھُ ناتمن لۆکن متعلق تحقیقات کران یمو بُجہٕ نشہٕ چیز ٕگروتھأوۍ ٕتۍ أسۍ۔ مےٚ تہٕ أسۍ کینٛہہ چیز تتہِ ٕگروتھأوۍ ٕتۍ۔ معموٗلی چیز چھِ۔ اَکھ وأج یوسہٕ مےٚ ہمشیرن پٔنٕہ نشأنی یورٕینہٕ وِزِ دِژمٕژ أس۔ بیٚیہِ چھِ مألی سٕنز اَکھ چاندٕ ہُنز گرٕ۔ تم دوشوے چیز لۆن زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ پانژھ یاشےٚ روبل مگر میانہِ خأطرٕ چھِ تم موٚللی چیز۔ ووٚنی وَتم مےٚ کیاہ پز کرُن۔ بۆ چھُس نہٕ یژھان تم چیز گژھی اتھٕ گژھنی خاصکٔرتھ گرٕ۔ مےٚ ۆژھ دُنی تھرِ یٚیلہِ أسۍ دۆنیایہ ہُنز گرٕ ہنز کتھ کران أسۍ۔ بۆ اوسُس دپان موج گوٚھم نہٕ گرٕ

ژھانڈنی ۔ مالی سٔنز چھےٚ اَسہِ وونی بس سوے اَکھ نِشانی یتھ کُن رٕۄزہٕ ۔ اگرے سوراُ وموج روزِ نہٕ ٹھیک تِمَس گژھِ ہارٹفیل ژیپے چھُے پتاہ زنانن کوٗتاہ جگرے چھُ آسان ۔ لہٰذا کیاہ پزِ مےٚ کرُن ؟ مےٚ چھُ پتاہ مےٚ اوس تھانس پیٹھ گژھتھ رِپورٹ درج کرناوُن ۔ وۄنگو یہِ روزِ نامُناسب اگرے اَسی سیٚو دُے پرافری یَس نِشہِ گژھو؟ ہے..... ژٕ کیاہ چھُکھ سونچان ؟ معاملہٕ کیاہ ساگوٚ ژھ جلدی اَندُن ۔ مےٚ چھُ باسان موج پرژھِ کالچنس ضرور گرِ متعلق ۔ بٔلکہ کڈِ کھبنہٕ چبنہٕ برونٹھے پنٔدی ‘‘ ۔

’’ اَسہِ کیاہ کرنہِ چھُ تھانَس پیٹھ گژھُن ۔ اَسی گژھو سیٚو دُے پرافری یَس نِشہِ ‘‘ رَازوٚ منہِن ووٚنُس کُرامس منز ۔ ’’ بوٚ کوٗتاہ خوش گوس زِ پننے نفر چھُ تحقیقات کران ۔ وولہٕ پکھ اَسی نیرو تِمسے نِشہِ ۔ توٚہند گرِ چھُ یِتہِ پیٹھ کِژ تام قدمہٕ دوٗر تہٕ مےٚ چھُ باسان وُنی کبس آسہِ سہٕ گری ‘‘ ۔

’’ وُچھتہٕ کیاہ گوٚ وجان ۔ پکھ تیلہِ نیرو ‘‘ ۔

’’ ژےٚ ستی زان پچھان سپدنس پیٹھ گژھِ سہٕ سٹھاہ خوش ...... مےٚ چھُ واریاہ لٹہِ چون ذِکرتس نِشہِ کوٚرمُت ۔ راتھ تہٕ اوسُس بوٚ چانی کتھ کران ۔ پکھ تیلہِ ۔ گوٚ وتیلہِ چھِہن ژٕ سوپڑ زانان ۔ وارِ وارِ چھُ کتھِ پردٕ ووتھان ۔ گوٚ ونایہ کتھ چھِ ...... ہے صوٗفیا ژٕ گیکھ اَسہِ مشرِ ہے ...... اَمِس چھُ ناو صوٗفیا سیمانونا ‘‘ ...... رَاسکولنکافن ووٚنُس تسُند صحیح ناو تہٕ لمہِ پتہٕ ووٚتھ سہٕ صوٗفیس کُن ...... ’’ یہِ چھُ میون یار ۔ رَازوٚ منہِن ۔ سٹھاہے رُت انسان ‘‘ ۔

’’ توٚہہِ اگرے نیرُن چھُو ‘‘ سوٗنیایہِ ووٚنُس درجواب رَازوٚ منہِس کُن نظر تُلنہٕ کرنہٕ وراَے ۔ سوٚ اَس وُنتہٕ پریشان باسان ۔

’’ اچھاوٗلیو تیلہِ نیرو ‘‘ رَاسکولنکافن دیُت فٲصلہٕ ‘‘ ۔

’’ صوٗفیا سیمانونا ...... بوٚ یمہٕ ازضرور تہند گرِ ...... صرف ون ژٕ مےٚ پنُن پوٚرِ پتاہ ؟ ‘‘ ۔

وُنی کبس اوس نہٕ رَاسکولنکاف بیمار بلکہِ اوس ٹھیکھے باسان مگر باثبر اوس سخ
کران۔ تس اوسنہٕ سۄنیایہِ ستیٔ أچھ رلاونس تارٕ سمان۔ سۄنیایہِ دِتنس پَنُن پتاہ
لیکھتھ۔ گرُک نیب ونان ووزلیہِ سۆ ژۄنٹکی پأٹھی۔ امہِ پتہٕ درائے تم تریشوے
یکہٕ وٹہٕ نیبر۔

"کمرس چھُکھناژ کُلف کران" رَازوٗمنہمن پرژھنس ہیرِ پیٹھ وأتتھ۔ تمِ لۆکہ چھِ خوش قسمت یمن نہٕ کُنٕزِ کلفُک ضرٗرتھے پیوان چھُ" تمۍ وون سۄنیایہِ کُن اَسن کھنگالہٕ ترأوِتھ۔ یِتھِس کالس وأتی تم نیبر مہِ برنہِ تل تہٕ ٹھہرووُ کھأتی قدم۔

"صۆفیا ژے چھُیہِ دٔچھِنی نیرن؟ مَنزی ونتہٕ مےٚ گوڈٕ بۆ کتھ آسے ژے اتھِ؟ تمۍ پرژھنس مزید مگر اندازٕ تلہٕ اوس باسان تس اوس بدل کیاہ تام پرژھُن۔ سہٕ اوس ٹُھٹزن مدمائتی نظرن ستیٔ نظر رلاونی یژھان مگر تار پلیوس نہٕ یہِ باسیوتس کارِ مشکل۔

"کیازِ پالنیکایہِ اوسہٕ نایوراتھ تۄہہِ پَنُن نیب وۄنمُت"۔

"پالنیکایہِ۔ اچھ چھ چھا..... پالنیکایہِ۔ تِمس مانچہِ کورِ۔ چانہِ کِنسہِ بینہٕ؟ مےٚ اوسا تِمس پَنُن پتاہ دیتمُت؟"

"تۄہہِ چھوٗنا یاد؟ مشرب چھوٗ گۆمُت؟"

"آ..... آ..... یادٕ ے چھُم۔ مشرب کیازِ گژھم"۔

"مےٚ اوس مائی سُنٕز زبو تۄہند ذِکر بوٗزمُت...... وونگو ناو تُہند اوسُم نہٕ یاد کیازِ مأرِس تہٕ اوس نہٕ ناو معلوٗم۔ پتہٕ ییلہِ مےٚ ناو تۄہند بوٗز......ازآیس پرژھان مےٚ پرژھ وار یاہن رَاسکولنکافن گرٕ کتیتھ چھُ......مےٚ اوس نہٕ معلوٗم تُہۍ چھوٗ...... کرالہِ کِس أکِس کمرس منز روزان......اچھا خدا حافظ"۔

یِتھےٚ تَس روخصت میوٗل ییچ نہٕ تس وومیدی اُس تمہِ کرِتھر۔ سو درلیہِ کلہٕ یۆن کُن ترأوِتھ تہٕ اُس یوٗت وتیوٗت تیزٕ پکنچ کوٗشِش کران۔ یتھ دٔلی دٔلی یہنٕز نظر ونہِ

ہٹہٕ ہے۔ سۆ درایہٕ ڈٕچھنہٕ طرفہٕ یِکس موڈس کُن یُس فقط قدم وُہ مرٕ دۆ راوس۔ امہٕ موڈٕ پپٹھٕ اُس سو تہا...... لہٰذا گرٕن تۆ تام واتنس منز تیز ی۔ موڈس پپٹھ وأتتھ لٔج سو تیزی سان گرٕ گُن پکنہٕ۔ تہٕ نہ وُچھنے کأنسہٕ کُن تہٕ نہ سنے اِی گُنہٕ۔ سو اُس کوٗشش کرِتھ تتھ أکِس لفظس تہٕ أکِس أکِس حرکژ پپٹھ غور کرٕنی یژھان تہٕ تہٕ سورُے ذہن نشین کرُن یژھان یہٕ کینژاہ ازتس وننہٕ آو یایہٕ کینژ اتس بروٗنہہ کنہٕ سپُد۔ تمہٕ اوسنہٕ تتھ پأٹھی زانہہ محسوٗس کۆرمُت یۆ تاہ از سپدُس۔ لاشعوٗری طور اوس تس بروٗنہہ کنہٕ أکھ نۆ دُنیا تھنہٕ پیوان مگر أتھی منز پیوٗتس اچانک پأٹھی یادٕ زِ رٔاسکولنکافن وون شاید یہٕ سہٕ اُزی سون گرٕ۔ نتہٕ ووٗن أزی صبحن نہ شاید ووٗن وُنی تیمی دمہٕ۔

"نہ أزی نہٕ۔ مہربأنی کرِتھ نہ از کینٛہہ" سو اُس پانس ستی ونان زنتہٕ کأنسہٕ گُلی گنڈان اُس۔ منت منگان اُس۔ تس اوس دِل بوٗ ڈتھ گژھان۔ بالکل أکِس خوفزدٕ شُری سُندی پأٹھی ...... "خدایا مےٚ پپٹھ کر رحم ...... تتھ کمرس منز ...... وُچھ سہٕ تتہٕ ...... میانہٕ ٹاٹھہِ خدایہ أزی گوٚژھنہٕ یُن!"

سو اُس پیژا خیالن منز مست زِ تس گوٚ ونہٕ محسوٗس ہے أکھ اجنبی نفر اچھ تس پپٹھ نظر تھأوِتھ تسندی قدمن برابر پکان۔ سہٕ اوس تس رٔاسکولنکافنہٕ ڈیرچہِ نمبر مہٕ برنہٕ پپٹھے ستی ستی پکان۔ تیمہٕ ساتہٕ رٔاز وُنہن۔ رٔاسکولنکاف تہٕ سوٗنیا برنہٕ نزدیکی پٹرٕ پپٹھ أکھ أکِس روخصت ہیوان اُسی ہمی نفرن یُس لپأری پکان اوس دیُت تہٕژن کتھن کن تہٕ بوٗزِن سوٗنیایہٕ ہنٛز کتھ زِ...... "مےٚ پرژھ واریاہن رٔاسکولنکاف کتیتھ چھُ روزان" تمی گرٕیمن سارنے پوٚت پھیرِتھ نظر اخاصکرِتھ رٔاسکولنکافس لیس ستی سوٗنیا کتھ کران اُس۔ امہٕ پتہٕ ترأوِن رٔاسکولنکافنس مکانس کُن تہٕ نظرا۔ یہٕ سورُے سپدٕ أکِسے لحظس منز تتھے سہٕ وُیمن کنٛی دژاو۔ تمی گرٕپنہٕ گنٛڈی ژھرِ احتیاطہٕ سان رأچھ۔ یمن کوٗرُن نہ گُنہٕ قسمک اِبشاتہٕ دراو بروٗنہہ گُن مگر وونی اوس سہٕ تتھٕ کنہٕ وارٕ وارٕ پکان زنتہٕ کأنسہٕ پراران

اوس۔ بادیام اوس تہٕ سُہ اُمسے سۆنیایہِ پراران۔ کرُوچھ سۆنیا درایہِ ہمن دون نِشہِ رۄخصت ہیتھ تہٕ وۄنی چھُس گرٕ کُنی زنہٕ گژھن۔

""دگرٕ...... اما کتہِ چھےٚ یہِ روزان"" سہُ لۆگ سونچنہٕ ...... ""بہتر گوٚ وأزی معلوٗم کرُن""۔

موڈُس پیٹھ وأتتھ توٗ رسہٕ سٹرکہِ اپور۔ پتھ کُن نظر دِتھ وُچھن سۆنیا أس أمی وتہٕ کُنی ژٕنی پکان۔ سوٗ أس پننےٚ خیالن پیأمژ۔ سۆنیا درایہِ موڈُس پیٹھ وأتتھ ژھنہِ پھیکہِ کُنی۔ اجنبی تہِ دراو أمی سٹرکہِ مگر سٹرکہِ اپأر رمہٕ اندٕ' کھوورِ ژٕنڈی اوس سۆنیایہِ پتہٕ پتہٕ پکان۔ قدم پنٛژاہ مرٕ پکِتھ توٗ رسہٕ سٹرکہِ یپور تہٕ دراو سۆنیایہِ برونٹھ تہٕ پانس تہٕ تس درمیان تھأوِن گز تارٕ فأصلہٕ۔

سہُ اوس اڈٕ وڈٕ نفرا قریب وہرِ پنٛژاہِ۔ قدٕ کُنی اوس تھوٚد تہٕ جسمہٕ کُنی موٚٹ دزوٚٹ۔ کُشادٕ شانہٕ آسنہٕ سببہٕ اوس تس رژھ کھنڈ کوٚب تہِ باسان۔ پلو پوشاک اوُسس جان تہٕ فأشنہٕ مُطأبق تہٕ دوٗری اوس دَن دولت وول باسان۔ اتھس کیتھ اوُسس خوشہِ وُن عاصہٕ یتھ سہُ پرتھ قدمس پیٹھ ڈ کھوان اوس۔ اتھٕ پنجہٕ أسِس نپہٕ نپہٕ کران۔ بُتھ اوُسس کھوٚل کھوٚل مگر خوشہِ وُن البتہٕ أسِس روٗحنِ ٹونگن دزاتی۔ رنگہٕ کُنی اوس گرٕ۔ امہٕ رنٛگکی لوٗکھ أس نہٕ عام پأٹھی پیٹرس برگس منز نظرِ گژھان۔ مس اوُسس گوٚن تہٕ چمکہٕ وُن منزی منزی اوُسس کانٛہہ وال سفید گوٗمت۔ ریش تہِ اوُسس گنٛزرٕ ہ سان مگر مستکی پأٹھی اوُسس نہٕ چمکان۔ أچھ آسس نپہٕ۔ نظرن منز أسِس سنجیدگی' بےٚ رحمی تہٕ سردمہری باسان۔ وُٹھ أسِس وۄزلی مرٕژ وانگن ہوی۔ فارغ البال آسنہٕ کُنی اوس سہُ واریاہ لوٗکٹ باسان۔

""ییلہِ سۆنیائہِ ہنٛدس ژٕنڈس پیٹھ وأژ تمہِ وِزِ اوس نہٕ تمن دۄن ورأے اَپأرئ بیٚہہ کانٛہہ تہٕ پکان۔ تمی نفرن لگوو صحیح اندازٕ زِ سۆنیا چھےٚ خبر کمن گوتن گامژ تہٕ اوٚہنٛد ذیہن

چھُ خبر کتھ خیالس ستی آوُر۔ تتھ مکانس نزیک وأتتھ ییتہٕ سۄ نیاأ کس کمرس منز روزان اُس پھیرِ سو آنگنچہ ڈیڈ کُن تہٕ ژایہِ اندر۔ سہ ژاوتمسے پتہٕ پتہٕ اۆری سہ پیۆ حأرتن۔ آنگنہٕ منز پھیر سوٗئ چھِنس کوٗنس کُن ......''واہ'' اَجنبی نفرس ژوٗل زبِ نیر تھ۔ سۄ نیاوأ ژ ہیرِ پٮ۪ٹھ تہٕ ہیۆتُن ہیۆر کھسُن۔ ہہ نفرتہٕ لوٗگ أمِسے پتہٕ پتہٕ ہیر کھسنہٕ۔ سۄ نیا گیہِ وونۍ ظوٗنس زِتس پتہٕ پتہٕ چھُ ییہِ کُس تام پکان۔ سو وأ ژ ترٕیمس پورس پٮ۪ٹھ۔ ۄٹس منز وأتتھ دبوتمہِ کمرِ نمبرنوٗ چہِ گنٹی ہُند بٹن۔ دروازس اوس چاکہٕ ستی لکھِت '' کاپرنا موف درزی''''ارائے واہ'' اجنبی یَس ژوٗل ییہِ نیرِتھ کیازِ اتھ عجیب اتفاقس پٮ۪ٹھ گوٗ وتس تعجب تہٕ دبوٗن کمرِ نمبرأٹھ چہِ گنٹی ہُند بٹن۔ یمن دوٚن کمرن درمیان اوس مسادوٚن یا ترٕین گزن ہُند فأصلہٕ۔

''تُہی چھوٕ کاپرنا موف سُندِ گرِ روزان'' سہ لوٗگ اَسان اَسان سۄ نیایہِ کُن نظر ترأوِتھ وننہٕ۔ ''تمی دِژمےٚ صدری یوے شہرِ تھ......یوٗچھس توٚ ہہ،نزدیکی محترمہ ریسلچ سُندِس مکانس منز روزان۔ تعجب چھُ اَسہِ چھُنہٕ اَکھأ کی سُند تعارف''۔

سۄ نیایہِ دِژ دلچسپی سان تس کُن نظر۔

''اُسی چھِ اَکھأ کی سُندی ہمسایہ۔ تہٕ ہمسایگی منز گژھن اَکھأ کس ستی جان تولقات آسنۍ''۔ تمی تھأو کتھ جأری ......''یتھ شہرس منز چھس نوٚوے۔ مےٚ گیہِ زِ دوٚہ یور آمِتس۔ وومید چھِ ییہِ سپد ملاقات۔ اچھا خدا حافظ''۔

سۄ نیایہِ ووٚتنس نہ درجواب کہنۍ۔ اُتھی اندر مژ روٚہس دروازٕ تہٕ سوٗ ژلیہِ ووٚتۍ اندر۔ خبر سو کیازِ گیہِ شرمندٕ تہٕ بیقرار۔

ہُپأری اوس پرافری سُندگرِ کُن پکان پکان رازونٕہن یقینی طور سبٹھاہ خوش۔

''بایہِ ......ژےٚ کوٚرتھ یہ رُت فأصلہٕ۔ وُچھتہٕ کیاہ زبر گوٚو''۔ رازونٕہن ووٚن بار بار......''یوٗ گوٚسے سبٹھاہ خوش۔ سبٹھاخوش۔

''امایہ کتھ سنا پٔژھ چھُ یُت خوش۔ چھُنا صلح پرژھس؟''

رَاسکولنکاف لوٗگ أندرِی سونچنہٕ۔ ''مےٚ کتہٕ اوس پتاہ ژےٚ تہٕ چھِتھ تس بُجہ نِشہِ چیز گروتھأوِتھ ...... کوٗتاہ کال گوٚوتنہٕ۔ مطلب۔ ژےٚ کوٗتاہ کال گوٚوے تس نِشہِ گامتس۔ یعنی ژٕ کراو سکھ تور گوٚمت؟''

''مۆلہٕ احمق چھُ یہِ کوٗلل'' رَاسکولنکافن وونُن أندرِی کِنۍ تس ژٕج رازومِنہِن ئنٛدِ سوالہٕ ستۍ کھور تلہٕ زمین نیرتھ۔

''یا یو کراو سُس تور گوٚمت؟'' رَاسکولنکاف لوٗگ قدم ٹھہرأوِتھ یاد پاونہٕ۔

''مےٚ باسان تٔہندِ مرنہٕ برونٛہہ ژٕ ترییٚ دوٚہ آسہٕ۔ مگر مےٚ کیاسہ میلن نہٕ ووٚنۍ ژٕنٛزٕ چیز واپس''۔ تٔمۍ ووٚن تمہِ انداز زنتہٕ چیزن ہُنٛد راون تٔیول اوسُس۔ ''مےٚ کیاسہ چھُ بغلس منٛز فقط اَکھ روبل ووٚنۍ بچوٚمُت ...... اَتھ آیہِ بلاے یوٚ مارٕ ودنےٚ بےٚ ہوشی منٛز پانس تام''۔

''بےٚ ہوشی'' لفظس پٮ۪ٹھ دیُت تٔمۍ خاص پأٹھۍ زور۔

''والحق ...... چون وُنۍ چھُ حق تہٕ پوٚز'' رازومِنہِن کوٚر فی الفور تٔہنٛزِ کتھِ آمنا صدقنا ...... حالانکہِ تٔمِس اوسنہٕ کتھِ ہُنٛد مانہ بوزٕنۍ تۆگمُت۔ گونا توے اوسےٚ ژےٚ صدمہٕ ییلہٕ ...... مطلب چأنِس بیمار پیٚنِس ...... چھُ پتہٕ کم کاسہٕ وجہ۔ اوے کِنۍ اوسکھ ژٕ بےٚ ہوشی منٛز کیاہ تام دٔوران تہٕ چیٖن ہنٛزٕ کتھ کران۔ ''آ ...... آ ...... آتی چھےٚ ذٔلیل —— پانےٚ نتیٖو ...... دود تہٕ دز او الگ تہٕ آب تہٕ ...... سارے کتھ گیہ پانے واضح''

''پانو ...... ییمن کتھ سنا گوٚو میونۍ شک۔ یپأرۍ چھُ یہِ کوٗلل میون بچاو ژھاران مگر ہُپأرۍ چھُ یہِ ہرس فاش گوٚژھنس پٮ۪ٹھ بڈ خوش۔ گوڈٕ کیازِ اوسُس یوٚ بےٚ حسی منٛز واجبن یاباقی چیزن ہنٛزٕ کتھ کران۔ ووٚنۍ کیاہ بنہٕ۔ ییمن سارنےٚ چھُ میونۍ شک گوٚمت''۔

خبرگری آسیا سہٕ'' رَاسکولنکا فن پرژھنس خیالن ٹکھ دِتھ...... ''ہا...... اہنسا''

رَازوٗمنہِن ووٚنُس پیٹھے ''یارٕ کیاوٗنے کٔوتاہ رُت انسان چھُ۔ گوڈٕ تری ژےٚ پانے

فِکر۔ وننک چھُنہٕ ضرورتھے۔ وونگورژھ کھنڈ چھُ وُترٕ کھوورے۔ میانہٕ وننک مطلب چھُ

طور طریقہٕ چھِس سبٹھاہ رٕتی۔ تھدِ اخلاقُک نفر چھُ۔ میانہِ وُترٕ کھوو رونک مطلب چھُنہٕ

سہٕ کیاہ چھُ خدانخواستہٕ ناکارٕ۔ مےٚ وون بدلہٕ مطلبہٕ۔ تِہنٛدِس قٲبلیتس پیٹھ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ

شک تہٕ کرِتھ البتہٕ سہٕ چھُ اَکِس خاص اندازس منٛز سونچان۔ تِہنٛز سوچن ترائے چھِ

مختلف...... باور چھُنہٕ کران کانٛسہِ۔ کیازِ سہٕ چھُ دراصل شکی تہٕ تیز مزاز۔ لۄکن پیٹھ دابہٕ

ترٛاوُن تہٕ تِمن ٹانٛہٕ تہٕ ٹسنہٕ کرٕنی چھُس سخ خوش کران۔ تفتیش کرنہٕ وِزِ چھُ سہٕ رژھہ رژھہ

سنان۔ تتھ منٛز چھُ سہٕ پرٛون ماگن مانٛنہٕ یوان۔

پننہٕ کامہِ منٛز چھُ نمبر اَکھ ماہر۔ پرٛتھ لحاظہٕ...... پتمہِ وٚریہِ کوٚڈُن تِمۍ اَکھ قتلہٕ کیس

یتھ متعلق نہٕ پُلسس کانٛہہ شاہ پتہٕ مولوٗم اوس۔ ژےٚ ستۍ ملاقات کرنہٕ باپتھ چھُ سہٕ بڈٕ

بےٚ تاب۔

''بےٚ تاب؟ مگر کیازِ...... دٔلیل کیاہ چھےٚ؟''

''ہا دٔلیل دٔلیل چھِنہٕ کینٛہہ...... ینہٕ ژٕ بمار پیوکھ مےٚ کوٚر رواریاہِ پھِرِ چون

ذِکرتس نِشہِ...... ییلہِ تِمۍ چاٚنی گون بۄزی...... تہٕ یہِ بۄزُن زِ ژٕ تہِ اوسکھ قونوٗن پران مگر

مالی مُشکلاتو کِنۍ ہیچتھ نہٕ ڈِگری حاصِل کرِتھ تِمۍ وون...... ''یہِ چھےٚ قٲبلِ افسوٗس کتھ''۔

اِدٕ تۄ ہند یتے وُنن تہٕ مےٚ ژٕٹ اٚتی کتھ...... کولل...... زانہٕ ہینے نہٕ ژٕ...... ہے روڈیا

...... راتھ ییلہِ بۄ ژےٚ گرٕ تام ستۍ آسے چھُنکہٕ بۄ اوسُس نشس منٛز مےٚ کوٚر رواریاہ

بکواس...... مےٚ رٛودنہٕ پانس تام...... مےٚ ونہِ واریاہ واٚہیات کتھٕ...... بایہِ ینہٕ ژٕ تمہِ

تلہٕ کانٛہہ غلط نتیجہٕ کڈکھ...... ہنہ......''۔

''کیاہ غلط نتیجہٕ...... اِی ناز تۄ ہے چھُ خیال بۄ چھُس پاگل۔ ممکن چھُ تِہنٛدٕ ے

خیال آسہِ ٹھیک"، رَاسکولنِکافن ووٗہنس بہ مشکل وُٹھ گمناوِتھ۔

"آ......آ......تِ چھُ تہٕنٛد خیال......مگر نہ......تمہِ چھِہ بکواس کران......مےٚ یہِ کینٛہہ ہاوُن تہٕ ماچھُ ضرٗری......فضول کلامہ......(حالانکہِ تموٗ ئی بیا کھ کتھاہ تہٕ)۔ مگر کُنی کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ گوڈ......دراصل اٗسی نشس منٛز ساری بکواس کران۔"

"اِد ووٗنی کیازِ چھُکھ ژٕ معأفی منگان؟ مےٚ چھےٚ نہٕ یہِ پسند۔ اَتھ ستی چھےٚ مےٚ سخ چِڑ۔ مےٚ چھُنا پتاہ ژٕ کمہِ طبعیتُک چھُکھ؟" رَاسکولنِکافن ووٗہنس ئلی ڈکہٕ ژٕ کراٗوتھ تہٕ پزنہٕ پیٛٹھی پانیار رہاوِتھ۔

"مےٚ چھُ پتاہ......پُٹن قسم چھُم سورُے پتاہ......مگر یارِ پزھن کتھن پیٛٹھ چھےٚ پانے شرمندگی باسان"۔

"اگر ے ژٕ ے شرمندگی محسوٗس گرِتھ۔ سُے چھُ امیک بوٚڈ سزا۔ ژٕ تہٕ ووٗنی اچ کتھےٚ۔ ووٗنی متہٕ کرتہٕ ذِکری"۔

امہِ پتہٕ روٗدِ تم دوشوے خاموش۔ رَازومنہن اوس پزنہٕ پیٛٹھے خوش مگر رَاسکولنِکافس اَس اَتھ خوشی پیٛٹھ زِہ کھسان۔ رَازومنہن یمہ کتھِ پرافری سٗندِس طبعیتس متعلق ونبس تموٗ ستی تہٕ گوٚو رَاسکولنِکافس لرزِتس گوٚو تشویش پاٗدٕ۔

"مےٚ پیٛیہِ تہٕنٛدِ دِلہِ منٛزِ شک دوٗر کرُن" رَاسکولنِکاف لوٗگ سونچنہٕ۔ دِلچ دُبراے تیز ے لیس تہٕ بُتھ گوس سفید مجھ ہیوٗ"۔ مگر یہِ سورُے چھُ بےٚ شونٛکی پاٗٹھی کرُن۔ تِمس گرشِہنہٕ کُنہٕ قسمُک شک گرژھُن۔ آ......تیلہِ چھُ ساری کھوٚتہٕ اصل طریقہٕ زیٛو گلف دیُن......نہ......نہ......اگر ے بوٚ خبر کوٗتاہ احتیاط تہٕ کرِتِمس گرژھِ ضرٗور شک۔ تیلہِ؟......تیلہِ کیاہ؟ اچھا ژھُنس بلاے......وُچھو کتہِ ووٗمھِ تہٕ کتہٕ ہیٛہِ۔ پُٹن مہم چھُ پانے وَتھ ہاوان......یمہِ آیہ سہ پکہِ......تمی آیہ پکہٕ بوٚ تہٕ سیوٗدے کتھاچھِ۔ ہنہ......تس سمکھُن روز یا جان رِکنہٕ نہ؟......بوٚ ماچھس یورے ہاپتہٕ سٗندِس اٗسس منٛز

پان ترٛاوان۔مےٚ ہیوٚتُن دِل راوُن۔یہے تہٕ چھِ خرابی"۔

"ہُتھ ووزلہِ رنگہٕ کِس مکانس منٛز چھُ سہ روزان"۔رازوٚمنہن ووٚنُس۔

"ساری کھوٚتہٕ اہم چیز چھُ وُچھُن آیا پرافری ییس چھا معلوٗم زِ بوٚ اوسُس یِہ بجہِ ہُندِس مکانس پیٹھ گوٚمُت۔تہٕ تتہِ کوٚ رُم رنگسازَن خوٚنس متعلق پرژھہِ گار۔یہِ کتھ پزِ مےٚ اندراٹہٕ وُنے سر کرٕنی۔تہٕ تیلہِ ننہِ مےٚ تٔہندِ بُتھِ تلے......مےٚ ترِدوٗری فِکرِ تیلہِ چھِ میانہِ برٛبادی ہُندی دوٚہ آمتی۔

"بابا بوٚ ونےٚ ژےٚ کتھاہ"،تمِ ووہن رازوٚمنہنس کُن مخاطِب سپدِتھ۔"ازدوہس روٗدسےٚ بوٚ ژرژان ژٕ چھُکھ خبر کتھ پیٹھ سخ وِسان......چھُنا صحیح؟"راسکولنکا فن ووٚنُس زنتہٕ یاجہِ ژاپان۔

"وِسان؟"نہ......نہ......ترٛژھ کتھ چھینہٕ۔کتھ پیٹھ"رازوٚمنہن ووٚنُس۔

"بابا......چون بُتھ چھُ ونان،زِ بوٚ ستی زن ونگھ نہٕ۔تیلہِ وتم ژٕ کیازِ اوسُکھ از کُرسیہِ پیٹھ تمہِ آیہِ ہتھ یتھٕ کنہِ نہ ژےٚ حائلے چھے۔باسان اوس اَکھ اَکھ کتھ اوسُکھ ذیہنس پیٹھ لیکھتھ تھاوان۔منٛزی اوسُکھ کُرسی ہُندِس دٔندِس پیٹھ بیہان تہٕ گاہے اوسُکھ تھوٚد گژھان وٕ یتھ حالانکہِ میانہِ حِسابہٕ اُس نہٕ ترٛژھ کانہہ کتھ سپدان۔یتھ پیٹھ ژٕ وودٕ تُلہکھ۔منٛزی اوسُکھ ژکھِ گژھان تہٕ منٛزی اوسُکھ کھنڈٕ موٚہنیوٕ ہیوٕ باسان۔ماجہ تیمہِ ساتہٕ شامنج دعوتھ کرنے ژٕ کیازِ ووٚشلیوکھ۔افوٚ یا گوٚ ژھکھ ژٕ پنٕنی صوٗرت تمہِ ساتہٕ پانہٕ وُچھُن۔......ژٕ کوٚتاہ ووٚشلیوکھ۔

"کیا سا بکواس چھُکھ ژٕ کران"۔

"مگر ژٕ کیازِ تیلہِ ژاٹہِ ہال شُربن ہُندی پاٹھی ژنگرِ ٹلان۔وُچھ وُچھ بیٚیہِ کیازِ ووٚشلیوکھ تیلہِ؟"

"ہے بڈٕ خنزیر چھُکھ ژٕ"

''مجنوٗن عاشق۔ ون ......ون ژٕ کیاز تیلہِ منڈِ چھان۔ وولہٕ از ژٕ ژٕمے ژوٗر۔

ہا ہا ہا......از اَسناون بۄ موج ......۔سوزُے ونس۔ آ آپیٚہٕ کانٛہہ تہٕ اَسناوَن...... گرٛس

کرکھ اَسان اَسان......واہ واہ''۔

''ہے تلسا کتھ بوز......یہٕ چھےٚ نہٕ گفہ کتھا۔ کیاہ شیطاٗنی چھےٚ کرٕنی'' رَاز ومنہمن

کھوٗژ۔ تِمس پھٔٹ ترٕ گنٛڈی ......سہٕ گۄو سخت غمگین'' ہے ژٕ کیاہ ونکھ تمن؟ ون ساپایا

......افو......زن چھےٚ دَم کولہٕ۔ دراصل چھُکناژٕ خنزیرے''۔

''سونتہٕ گولا پکی پاٗٹھی چھُکھ پھوٗلان......نہٕ سایا گۄ ژھکھ ژٕ پنٛنی شکل وُنکبس

پانہٕ وُچھن میاٗنی ڈٕری۔ میانہِ مجنوٗنہٕ چون شیٚے فُٹہٕ قد چھُ وُنی کبس زنتہٕ سروخرامان

پاسان۔ اَز گتھ پیٚٹھ چھُتھ سرٛان دیان کوٗرمُت ......اوہونم تہٕ چھِتھ از کاٗسمتی۔ وَنیہِ

بۄے۔ ڈٕلیل کیاہ چھِ۔ آہا......روٗٹمکھ......دوپےٚ عشق تہٕ مشق چھبنہٕ ژوٗر روزان۔ ہے

شاید ما چھُتھ ژےٚ از کلس فُلی لہٕ تہٕ موٗتھمُت......اَہنسا......تلسا بوٗن پہن نَم۔

''سورہٕ''

رَاسکولنکا فن ترووتیوٗ تاہ زورٕ اَسن کھنگالہٕ زنتہٕ پانس پیٚٹھ قوبوٗ گری تھےٚ ہیوٚ کنہٕ۔

اَسان اَسانےٚ ژاے تم پرافری پیٹروِچ سُند گرٕ۔ رَاسکولنکاف تہٕ اوس اِی یژھان

زِیہنٛدی زوردار اسن کھنگالہٕ گوٚھی اٗندرٕ بوزٕنی۔ لہٰذا اوس سہٕ ضروٗرتہٕ کھوٗتہٕ زیادے

زورٕ اَسان۔ وُنہِ اُسی تم وُٹس منٛزٕے تہٕ رَاز ومنہمن اون رَاسکولنکاف پھکیِس

درسہٕ دِتھ پانس کُن تہٕ ووٚہنس کنس تل''

''یتہِ گری زِنہٕ وونی یژھ اَکھ کتھ تہٕ......توریہِ فِکرٕ۔ ننتہٕ کڈے بۄ کاڈی پتہٕ''

رَاز ومنہمن ووٗنس شرارتہٕ سان......لوٗت پاٗٹھی۔



# (۵)

رَاسکولِنکاف ژاو کمرس منٛز برونٛٹھ ییتھ کنہِ زِ باسان اوٚس اَسان اَسان ہٲوِ کانٛہہ گُرُس گژھنہٕ پتہٕ زنتہٕ ووٚنی بمشکل اَسُن رُکاوان اوس۔ تِمس پتہٕ پتہٕ ژاو رَازوٗمنہن ۔ سہٕ اوس شرارتہٕ ستی ووزلیومُت تہٕ شوٗز دِہیوٗ باسان۔ بتِھس پیٹھ اَسِس افسردگی ہٕندی آثارٕتہٕ سہٕ زن اوس وولیومُت۔ تِہنز حالت اَس تمہِ وِزِ بڈی کنٛز خندٕ کرنس لایکھ تہٕ رَاسکولِنکافنٕ اَسُن اوس لِہٰذا حق بجانٕب۔ رَاسکولِنکاف پژاریوٗے نہٕ تعارف کرناونس تہٕ پرافری یٚس برونٛٹھ کُن وٲتِتھ یُس سیٚے منٛزِ کمرس سوالیہ نظرو ییمن کُن وُچھان اوس کوٚرن سرِخم تسلیم۔ رَاسکولِنکافن کوٚڈ اتھ نبرٕ تہٕ کوٚرُن پرافری یٚس ستی اتھواس بظاہر اوس سہٕ وُنتہٕ اَسُن رُکاونچ تہٕ پٔتُن تعارف کرناونٕچ کوٗشش کران۔ مگر وُنہِ اَسی تِمی مسامسا اَسُن رُکٲوِتھ گژتام لفظے زیوِ کڈٕ متی زِ رَازوٗمنہنس کُن زنتہٕ الغاٲبہٕ نظرٕ پیٚتھ تروٗن زوردار اَسن کھنگالہٕ۔ تس گیہِ اسان اسان نِیل۔ باسان اوس سہٕ یٚوتاہ زیادٕ اَسُن رُکاونٕچ کوٗشش کران اوس تیٚوتاہ اوس سہٕ بے قوبوٗ گژھان۔ رَاسکولِنکافنٕس اتھ خوٚد اختیأری اسنٕس پیٹھ ییٚمہِ غأر معموٗلی وحشی اندازُک مظاہرٕ رَازوٗمنہن کوٚر تمہِ ستی باسیوٚ یہِ خأَلِص مذاق اتھ منٛز اَس نہٕ کُنہِ قسمٕچ بناوٹ۔ رَازوٗمنہن چارِ بُمہٕ تہٕ دنٛد تہٕ روبہٕ سان ووتھ رَاسکولِنکافس کُن۔

''ٹھہر کولہٕ بیوقوفہٕ۔ دراصل چھُکھ ژٕ شیطان'' اَتھی ستی کِلہٕ ناوٗ تِمی نرتہٕ امہِ ستی لٔجہٕ ٹی پایہِ تخت پوشس زیر یتھ پیٹھ چاے چینٛگ اَکھ خٲلی گلاسہٕ اوس۔ گلاسہٕ آوٗ ہوٚت لاینہٕ تہٕ تتھ گے ریزٕ۔ ٹیبل آو کُرسی ستی چھاونہٕ تہٕ کُرسی پیٚیہِ پتھرٕ تہٕ میز پھیوٗ ردُبہٕ۔

"کیا سا صاحب جی...... یمن چیزن کیاہ خطا کھوت۔ یمن کتھ لاجو کھنجہٕ کرنہٕ۔ توہہٕ چھُنا پتاہ امہٕ ستی چھُ سرکارس نوقصان سپدان" پرافری پیٹرووِچن ووتنکھ خندٕ پیشانی سان۔

رَاسکولنکاف اوس پرافری سُندِس اتھس منز اتھہٕ تھاوِتھ وُنتہٕ اَسان مگر سہٕ اوس سونچان زِ ووٗنی گوٗ ژھہٕ نہٕ حدٕ ڈُلن للہذا اوس اُسن بند کرنہٕ باپتھ موزون تہٕ مناسب موقعہٕ ژکس تلاشس منز۔ یُتھ زن یہٕ بناوٹی اُسن باسہے نہٕ۔ میز دُبہٕ پھیرنہٕ تہٕ گلاسہٕ پھٹنہٕ سببہٕ گوٗ وَراز وِمنہن زیادے پریشان۔ سہٕ اوس غمگین پأٹھی گلاسہٕ کھنجن مدعائے گنڈِتھ وُچھان۔ وأہی تباہی وننہٕ پتہٕ دژ اوداریِ گن تہٕ رٔ دأتی پننِ یارن گن تھرٔ گرِتھ ٹِکی اِستادٕ۔ سہٕ اوس پھنکان تہٕ شرارتہٕ ستی کھڑس بتھس تہٕ ڈبکس گبہٕ بلاے۔ پرافری یَس آوٕ اُسن سہٕ تہٕ مارِہے کھکھرٕ مگر کتھ اَس زِتس اوسنہٕ امہٕ ٹھٹھٕ مذاقک وجہ معلوٗم۔ زیمی تاف اوس اوتام کوٗنس منز بیتھ تہٕ تتھے ہم براندٕ ژأے سہٕ ووتھ تھوٗ دتہٕ وُٹھ گمنأوِتھ روٗد رَاسکولنکاف زِ یک گونہٕ بدحالی تہٕ پریشانی وُچھتھ حأران۔ زیمی تاف آسہِ تِہند گری رَاسکولنکافس اَس نہٕ تہٕ وومیدتہٕ اوسببہٕ گوٗ وتس ناگوارٕ ے۔

"وُچھ بوٗ کیاہ اوسس سونچان" رَاسکولنکاف لوٗگ اَندری پأنی پانس تانہٕ دِنہٕ...... "بے ادبی معاف جناب" انتہائی پریشانی ہنٛدِس عالمس منز لوٗگ سہٕ وننہٕ...... "مے چھِ وناں رَاسکولنکاف۔"

"کہنی غم چھُنہٕ...... یہٕ کوسہٕ بے ادبی چھےٚ۔ بوٗ گوس توہہٕ وُچھت بڈٕ خوش۔ خاص پأٹھی شوخ تہٕ اَسہٕ وُنہٕ دہانہٕ کمرس اندر اژنس گوس بوٗ زیادے خوش...... ہمس کیاہ دَم چھُ گوٗمت اَمی کرنہٕ سلام تہٕ؟" پرافری پیٹرووِچن ووٚن رَازوِمنہس کُن اِشارٕ کٔرِتھ۔

"پئن قسم اگرے مے پانس تہٕ فکرِ تران چھُ یہٕ کیاز چھےٚ مے ستی یٔت

ناراض۔ وتہٕ پکان پکان وَنیو مے اُمس ژٕ چھُکھ از مجنوٗنہٕ سُندی پاٹھی گاہ تراوان۔ حالانکہِ اُمی دیُت پانے ثابت کُرِتھ۔ خاریژی کتھ چھےٚ مے کرہٕ مژٕ تہٕ بس!"۔

"ہے سورٕ" رَازومنہن ووٗنس پوٚت پھیرنہٕ ورأے۔ "کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ دٔلیل گژھِ ضرورٕ آسنۍ نتہٕ گوٚژھہ نہٕ یہِ اَتھ لفظس پیٹھ یوٗت وٕہر گژھُن۔ گوٚونا گل چھِس پھوٚلان"...... پرافری ینن ووٚن اَسان اَسان۔ "ہے شاباش میأنس قونوٗن دانس...... تٔہی چھِو سأری کوندِ برٕنی لایق۔" رَازومنہن لوٚگ اچانک پأٹھی کتھ کرنہٕ تہٕ پانس تہِ ژوٚلُس اسن کھنگالہِ نیرتھ اُتھی ستی گوٚو خوشدل تہٕ اَسہٕ ؤنہِ دہانہٕ پرافری ینس بروٚنٹھ کُن زنتہٕ کہنٛژ سپدٕ مُت اوسنہٕ۔

"اِدسا تہٕ جٹا مسخری لاسپز کأفی۔ دراصل چھِ اُسی سأری اَکی آیکی بیوقوف خأر ووٚنی گیہِ مقصدِ چ کتھا کرٕنی۔ یہِ کیاسہٕ چھُ میون یار روڈیا رامانووِچ رَاسکولنکاف۔ گوڈٕنچی کتھ چھےٚ یہِ زِ چأنی تأریف بوٗزِتھ اوس یہِ ژےٚ ستی ملاقات کرُن یژھان تہٕ دوٚیِم چھُبس ژےٚ نِشہِ کامہِ رژھ کھنڈٕ تہِ۔ ہے زیمی تاف ژٕ کیاسہٕ سونچان۔ تٔہی چھِو اَکھا اَکس گوڈے سمیکے متی؟ تٔہی ما چھِو اَکھا اَکس بروٚنٹھٕ پیٹھے زانان؟"

"مطلب؟" رَاسکولنکاف لوٚگ پریشان گژھِتھ سونچنہٕ۔

زیمی تاف گوٚو رَازومنہن نہِ سوالہِ ستی تزٔبن تہٕ ترٕ وہَن۔

"ہے یہٕ سمکھے نا اُسہِ چأنِسے کمرس منٛز" زیمی تافن ووٚنس فراغتہٕ سان "چلو...... مےٚ ؤژھ تیلہِ تھف۔ پتمِس ہفتس لوٚگ مے یہِ ژےٚ ستی ملاقات کرناونہٕ باپتھ پتہٕ۔ مگر تٔہی چھِو اُنہٕ اَندری اَکھا اَکس سمکھیے متی تہٕ بوٗ تھوووٚس لوٚب ٹلتھ۔ خأر تموک کتہِ چھُ؟۔ پرافری ینس اوس امہِ وِزِ ڈریسنگ گون تہٕ صاف قمیض پینٹ نألی مگر کھوٚرن اُسس اڑٕ پرأنی چپنٛز لأگتھ۔ قریب اوس 35 ووٚہُر۔ قدٕ کنٛژ ژھوٚٹ تہٕ جسمہِ کنٛژ موٚٹ تہٕ فربہٕ۔ بُتھ اوسُس شیشہٕ پوٚٹ ہیو صاف۔ کلہٕ اوسُس پنجأبی الہِ

ہٕنٛدی پاٹھی گول تہٕ بوٚڈ۔ یتھ زِ ژیرِی کھوٚڈا اوسُس پشہٕ دٕرِکی پاٹھی نبر گُن درامُت۔ بُتھ اوسُس خوشہٕ وُن مگر نس اُسس ژٕرٹ ہِش توپہٕ تہٕ اُسس بُتھس اندر تپالہٕ مظہر چ گشش۔ یہٕ آسہٕ ہے سٮ۪ٹھے خوش طبیعت تہٕ رحمدل باسان اگر نے اُہنٛد بن تھٕھرایہِ لدٕ سفید رنگہٕ ٹار بن منٛزٕ باگ غم آلوٗد اچھن اندر شاطرانہٕ چمک آسہٕ ہے۔ چمک سو، یوسہٕ سفید اچھروالو منٛزی نیرِتھ وُزملہٕ کران اُس۔ اُہنٛزن یمن نظرن تہٕ اُہنٛدِس نسوانی خدوخالس درمیان اوسنہٕ کانٛہہ ہشر باسان۔ تہٕ یمو ے نظرو کنی اوس سہٕ تمہٕ کھوٚتہٕ سٮ۪ٹھے زیادٕ سنجیدٕ یہٕ زن سہٕ گوڈنچہِ نظرِ ستی باسان اوس۔

یتھے پرافری پیٹروچن بوٗز زِ رَاسکولنکافس چھےٚ تس نِشہِ کامہٕ رٕژھ کھنٛڈ تمی کوٗر تس صوفس پیٹھ بیہنک شارٕ تہٕ پانہٕ تہٕ بیوٗٹھ دوٚیمس اَندس گُن گن دأرِتھ کامہٕ ہنٛز نوعیت بوزنہٕ۔ پرافری بیوٗٹھ بہ ہوش گوش رَاسکولنکافس گُن وُچھنہٕ تہٕ توہنٛد امہٕ آیہِ توجہ دیُن اُوس اُمِس زیادٕے واہ والان تہٕ پریشان کران۔ خاصکر تھ تس ازأنی سٕنٛدِ باپتھ یُس معموٗلی کامہِ باپتھ تس نِشہِ آمُت اوس تہٕ یُس زانان اوس زِ یہِ مسلہٕ چھنہٕ پزنہٕ پیٹھی توجہ دِنس لایکھ۔ بہر صوٗرت رَاسکولنکافن وٕنی نس موخصر مگر واضح تہٕ موزوٗن لفظن منٛزٕ پنٕنی کتھ تہٕ اطمینانُک شاہ ہیٚتھ ترأوِن پرافری یَس پیٹھ بےٚ پھرٕوک نظرا۔ پرافری رُوٗ داتھ وقتس دوران اُمِس مدعأے گنٛڈِتھ وُچھان۔ رَازٕ دٕ منہن اوس یمن مقابلہٕ تِھی میزس نِشہِ بہتھ ...... منٛزی اُکس تہٕ باضے بیٚیس گُن وُچھان۔ سہٕ اوس پوٗرٕ دیانہٕ تہٕ دلچسپی سان یمہٕ کتھ بوزان۔

''بیوقوٗف'' رَاسکولنکافن وونُن اُنٛدرِی ...... ''امیک اطلاع پیِٚی توتہٕ پُلیس دیُن''، پرافریٚن دِتنس سٮ۪ٹھے کارٕ بأری اندازس منٛز جواب۔

توٚہہِ چھُو لیکھُن زِ مےٚ ہساوٗز یتھِ کنہٕ چھُو اُکھ وأری دات سپدمُت یعنی بجہ ہُنٛد قتل چھُو کرنہٕ آمُت تہٕ لہٰذا ہسا چھُس بوٚ یمہِ کیسکِس انچارجٕ وکیلس اطلاع دِوان زِ

فلأنی فلأنی چیز چھُ میون یُس مےٚ رگروتھوومُت اوس تہٕ بوٚ چھُس ووٚنی چیز چھڑاوٕنی یژھان......مگر توہہِ پیٚیہ نہٕ تمیک ضرورت......کیاز پُلیسہٕ لیکھِ توہہِ پانے"۔

"یوٚہے تہِ چھُ مسلہٕ۔ ازکل چھُ مےٚ"......رَاسکولنکافن گرامہِ پننہٕ بارٕ پریشأنی ہُند باس دِنٕچ کوٚشش......"مےٚ چھُ ازکل اتھٕ ژھرُ بر......تہٕ یم کُرٕ تام ٹنکی بہم کرٕنی تہِ چھُ میانہِ باپتھ مشکل......بوٚ چھُس فقط یژھان وُنی کبس توہہِ یہِ وَنُن زِ فلأنی فلأنی چیز چھُ میون تہٕ تتھےٚ مےٚ روپیہِ بہم سپدن تہٕ......"۔

"تمیک چھُنہٕ کانٛہہ پرواہ" پرافری ین دیُتنس دِل ہُند رِتھے جواب تہٕ اہنٛزٕ مُفلسی پیٹھ کوٚرُن نہٕ کُنہِ قسمچہِ ہمدردی ہُند اِظہار "تیٚلہِ اگرے ژےٚ مرضی آسی ژٕ ہیکِکھ سیٚدسیٚو دمےٚ درخواست دِتھ تتھ منٛز لیکھکھ یہِ مےٚ وُنی ووٚنمےٚ"۔

"سادٕ کاغذس پیٹھ دِما درخواست" یہِ وُنتھ تہِ اوس رَاسکولنکافس پننہِ تنگدستی ہُند پہلونوٚن کڈُن مطلب۔

"بالکل سادٕ کاغذس پیٹھ"۔

أتھی ستی ترٲو پرافری ین رَاسکولنکافس پیٹھ ڈبکہٕ چأرِتھ معنی خیز نظرا تہٕ زنتہ رَاسکولنکافس أچھی ناٹ ہاوان اوس۔ مگر امیک گوٚو شاید رَاسکولنکافس ہُلی گمانہٕ۔ یہِ کیفیت روٗز زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ اُکس مِنٹس۔ رَاسکولنکاف کرِ ہے قسم زِ پرافری ین کر تس أچھ ناٹ۔ مگر کیازِ تہٕ زانہِ ہا خدا ہے۔

"أمِس چھُ پتاہ" رَاسکولنکافنس ذیٚہنس منٛز گوٚو خیال پأدٕ......تس گیہِ زن وُزملہٕ۔

"مےٚ بخش زبو امہِ معموٗلی رقمہٕ باپتھ دیتمو توہہِ تکلیف" رَاسکولنکافن تھأوکتھ جأری......"تمہِ چیز لوٗن کُل 5 روبل مگر مےٚ چھِ تہنٛدِ مارمتہٕ سوبڈ ارزتھ باسان یمو تم مےٚ دِژٕتی چھِ۔ بوٚ وَنے اَکھ کتھ زِ مےٚ زن گوٚو تمہِ وِزبٕٹیل ییٚلہِ مےٚ بوٗزِ......"

"اچھا گوٚو اَمی سببہٕ کڈتھ ژےٚ تمہٕ وِزِ ووٗتھ ہش ییلہٕ بوٚ وزوٚسی موفس ونان اوُسس زِ پرافری چھُ تمن نفرن پرژھ گاٗر کران یمو چیز گرو اُسی تھاوِ دیٚتی"۔

رازوٗمنہِن ووٗنُس منٛز اکہٕ خاص یرادٕ۔

"بالکل...... یہٕ اُس نہٕ قابلِ برداشت خبر" راسکولنکافس کھوٚت اَہندِس مداخلتس پٮ۪ٹھ سخ خشم۔ تٔہنٛزن کرٕ یہنٛدِن اَچھن منٛز زن گئ نارلمبکھ پاٚدٕ۔ رازوٗمنہنس کٕرِن تژھ نظر باسان اوس ننٛگلاوِتھ ژٕھنیہس۔ مگر دٔستی کوٚرُن پانس پٮ۪ٹھ ضبط تہٕ لوٚگُس رژھا خفگی منٛز وننہِ۔ "شاید چھکھ ژٕ مےٚ ٹسنہٕ کران...... بایہ مےٚ چھُ یقین ژےٚ آسی یمن معمولی چیزن ہٕنٛدِ باپتھ میاٗنی پریشاٗنی فضول باسان۔ مگر ژٕ مہٕ زان مےٚ یٕہت خوٚدغرض یا لالچی۔ یم زٕ چیز مےٚ تہٕ لوٗی تن کھنڈ ہارتہِ مگر مےٚ نِشہِ چھنہٕ یم معمولی۔ بوٚ اوسے ژےٚ وُنی ونان سوروٚپہ سٕنز گراگرے زن اَکھ سینٹ تہِ لِونہٕ چھےٚ واَحِد نشاٗنی یوسہٕ اَسہٕ نِشہِ مالی سٕنز بچےٕ مژ چھےٚ۔ تہٕ گٔری تومےٚ اَتھ پٮ۪ٹھ خندے مگر مےٚ چھےٚ ازموج آمژ یور" سہٕ پھیوٚر ریکا یک پرافری یس کُن...... "اگرے تس پتاہ لگہٕ" تہٕ پتہٕ پھیوٚر بٔیہٕ رازوٗمنہس کُن تہٕ بڈٕ احتیاطہٕ سان بناوِن پنٕنی آواز گمبیھر "زِ سوٚگر چھےٚ سانہٕ اتھٕ تلہٕ گاٗمژ سوگژھہِ سخ موٚیوٚس تس راوِقراری۔ ژےٚ چھے پانس معلوٗم زنانن ہُنٛد جگرٕ کوٚتاہ یوٚڈ چھُ آسان"۔

"ہے تہِ چھُنہٕ سوالے پاٚدٕ سپدان۔ تہِ بنیا بو کرے ژےٚ مذاق۔ توبہ...... ژٕ چھکھ پنٕنے مانہِ کڈان" رازوٗمنہِن وونُس خفہٕ گژھِت"۔

"گوٚوایہِ ٹھیکھے؟ اتھ منٛز ما اُس کُنہٕ قسمچ بناوٹ باسان...... بٔیہٕ کیازِ ونہِ مےٚ زنانن متعلق یمہٕ کتھٕ؟" راسکولنکاف اوس سونچان۔

"اچھا...... گوٚو ژےٚ چھے ازموج پانسے دیٚتی" پرافری ین پرژھنس۔

"آ جناب"

''سو کرِ چھےٚ آمِژ''

''یوٗشامن''

پرافری ین ہیٚوت کینژن ژِہین دم زنتہٕ کیاہ تام سونچان اوس۔ ''بہر حال چاٗنۍ چیز گرِژھن نہٕ گُن''۔ پرافری ین وونُس نہایت سکوٗنہٕ سان۔ تِمہِنزن ٲسن منٛز اوس نہٕ کُنہِ قسمُک جوش یا ہمدردی۔ ''پزر چھُ اِی زِ بوٚ اوسُس پانہٕ وار یاہ کالہٕ پیٹھ چاٗنِس انتظارس۔

تہٕ زنتہٕ یہِ معموٗلی معاملہٕ اوس بیٚیہِ زنتہٕ یہِ کانہہ بڈ کتھ ٲس نہٕ پلناٗوتھ ایشٹرے رازوٗمِہنس کُن یُس لاپرواٗہی سان سگریٹ قاٗلینس پیٹھ دِنان اوس۔ رَاسکولنکافس وُٗژھ تھُر تھر مگر رَاسکولنکاٗفنۍ تھرِ تھر گرٕ نہٕ شاید پرافری ین محسوٗس کیا زِ سہٕ اوس وُنتہٕ رازومِہن سٕنڈِس امہِ آیہٕ سگریٹ چنٛنس سٕنبتھ۔

''کیاہ؟ ژےٚ اوسُے اوہٕند انتظار؟ مگر کیازِ؟ ژےٚ اوسیہٕ معلوٗم ٲمۍ چھِ تتہٕ چیز رٕگروتھاٗوِمتۍ''۔ رَازوٗمِہنن پرژھنس۔

''پرافری ووتھ رَاسکولنکافس کُن...... ''چاٗنۍ واٗج تہٕ گردوٗشوے چیز ٲسۍ تتہٕ اَکِسے کاغذس منٛز وٗلِتھ تہٕ کاغذس پیٹھ اوس چون ناو تہٕ تمہِ دوہُک تاٗریخ لیکھِتھ یمہِ دۄہ تمۍ تمِس نِشہِ تھاٗوِمتۍ چھِتکھ''۔

''تُہۍ کِتیا نظر باز چھُوٕ'' رَاسکولنکافن گُمناٗوی بےٚ ڈول پاٹھۍ وُٹھ۔ تمۍ کرے یہِ سخت کوٗشِش پرافری یَس پیٹھ سیٚدِ سیٚودٕ نظر تراونچ مگر تس سپٕز نہٕ تیٚچ ہیمتھ تہٕ لوٗگ فوراً مزید وننہِ۔

''مےٚ وونمےٚ یہِ اوٚکنۍ زِ مےٚ چھُ باسان تتہٕ آسن اَنٛتھِ روٗسۍ چیز رٕگرو...... تہٕ تمہِ سارۍ چیز یاد تھاوٕنۍ ہرگاہ مشکل کاٗم چھِ...... مگر توٚہیہِ چھُوٕ تہٕ اکھِ اکھِ یاد تہٕ ...... تہٕ''۔

''بیوٗقوف یہِ گوٚو فضوٗل کلامہٕ'' سہٕ لوٗگ پاٗنۍ پانس ستۍ سونچنہِ...... ''مےٚ کیاہ ضروٗرت اوس کتھ مزید ژھٕر اونُک؟''

''اَسی زانو کھ سٲری یِموٗ بُجہ نشہٕ چیز۔ گرو اَسی تھاوٕ متی۔ ژٕ ے اوت سپُد کھ نہٕ وُنیستام پیش'' پرافری ین وۆنُس کُنہِ طنزٕ ورأے۔

''مےٚ اوس طبیعت ناساز پہن''۔

''مےٚ چھُ تِتہٕ بوٗزمُت۔ مےٚ بوزِ تہٕ زِ ژٕ اوسکھ خبر کیاز سخت پریشان۔ ژٕ چھکھ وُنتہٕ لیڈر ریومُت باسان''۔

''نہ بوٚ چھُس نہٕ لیڈر ریومُت ...... وونی چھُس بوٚ بالکل ٹھیک''۔ رَاسکولنکافن وونُس ڈُبکہٕ ژٕ کرأوِتھ۔ تس کھوٚت خشم تہٕ کتھ کرنک اندازٕ ے بدلیوس۔ رژھِ پتہٕ رژھِ کھوٚت تس شرارت زیادٕ تہٕ سہ ہیوٚ کنہٕ اَتھ پیٹھ قوبوٗ کرِتھ۔ ''وو ہے تخصیر خشمہٕ ستی کرٕ بوٚ پانسے نوقصان'' سہ لوٗگ سونچنہٕ۔ ''مگر یم سٲری کیاز ژھ تیٚلہِ مےٚ یزادوِان؟''

''ہنہ طبیعت ناساز پہن ...... ہنہ'' ...... رَازومِنہمِن روٹ ژھوٚتہِ گنڈٕ ''امہِ کھوتہٕ کیاگوٚ ژھے آسُن۔ راتھ تام اوسنہٕ اَمِس حال ہوشے ڈنجہِ۔ پرافری یقین کرِ زِ اَسی اَسی نہٕ وُنہٕ اَہندِ گرِ نشہِ ژھایہِ ڈٲلی متی تہٕ زِ اَمی لاگی پلوناٹکی حالانکہِ وودنہِ روزنس سوٚنب اَ ٲسس نہٕ توٚ ژھ تہٕ اَسہِ فَند کرِتھ ژول تہٕ نصف راژ تام روٗد خبر کتہٕ۔ اتھ سٲرسے وَقتس چھُ اوسمُت بےٚ ہوشی منٛز ...... ژٕ ے بیٚہہ پرژھ یہِ چھا معموٗلی کتھا؟ ...... ونان چھے''۔

''پزی اوسایہِ بےٚ ہوش۔ مگر ژٕ ے وۆنتھے نہٕ'' پرافری ین دیُت زنانن ہنٛدی پاٹھی کلس ییل۔

''بکواس ...... توہہِ چھےٚ نامیأنس وٕنس پیٹھ پرژھ ...... تُہہ مہ گرٛھیو اَہنزن کتھن گن'' رَاسکولنکافن وۆن پنٕنس بچاوس منٛز ...... اما پوٗز پرافری ین دیُت نہٕ شاید تہنزِ کتھ گُن ظون تہٕ تس توٚ رنہٕ رَاسکولنکافنہٕ ونٕنک معنی فکرِ۔

''مگر ژٕ رکتھ کنہٕ نیر کھ تیٚلہِ دفعتاً کُتھِ منٛز نمبر اگرے ژٕ مغز واٲسھکھ نہٕ'' رَازومِنہمِنس

کھوٚت سخ تأش...... ''تیٚلہِ کیاہ کرنہِ درایوکھ ژٕ گرِ ترأوتھ؟ تمیُک کیاہ معنی مقصد اوس۔ سوٚ کوسہٕ حماقت أس۔ تلہٕ سادِلس پیٚٹھ اتھ تھأوتھ ونتہٕ ژٕ اوسکھ تمہِ ساتہٕ ہوشس منز؟'' چوٗنکہِ وُنی کیٚس چھُ سہ خطرٕ موٚ کلیومُت لہٰذا ہیکہٕ بوٚ صاف صاف پرٛژھتھ''۔

''دراصل اوٚنس بوٚ یمو راتھ تنگ'' رَا اسکولنکاف لوٚگ پرافری یَس گُن وُٹھ گُمنأوتھ ونہِ...... ''بوٚ ژجوس یمن نشہِ بیٚیس تژھ ہِ گُنہِ جایہِ ڈیرِ ژھانڈنہٕ ییٚتہِ نہٕ یمن میون نیبی ننہِ ہے۔ مےٚ تُجے یہِ پانس ستی وارِیاہ روپیہِ تہٕ وُچھی زیمی تافن تہِ۔ ہے زیمی تاف تلہٕ ساژٕ وَن بوٚ اوسہٕ ساراتھ حبسس منز کِنہٕ غائفل اوُسس تلہٕ ساژٕ ے کر تہٕ یہِ قضیہِ ختم۔

زیمی تاف سُند امہِ وِزِ ژھوٚپہٕ دَم گرِتھ بہُن تہٕ تہٕنْدِ بُتھکی آثار أسی تتھی نفرت انگیز زِرَ اسکولنکافس آیو جانِ منس۔ سہ ژھٕنہس أتی ہوٚٹ چیرِتھ۔

''میانہِ حِسابہٕ اوسُکھ ژٕ بہ ہوشہِ وحواس تہٕ گرِتھ تہٕ ژٕرِتھ کتھٕ کران...... وونگوژٕ اوسُکھ سخت پأٹھی تیٚشس منز تمہِ ساتہٕ''۔ زیمی تافن ووٚنُس درجواب۔

''تہٕ نِکو ڈم فوپچ اوس مےٚ أزی ونان'' پرافری ین ووٚنس ''زِ راتھ شامن چھُنکھ تمی ژپرِ یُتس نفرِ سُنْد گرِ وُچھمُت یُس بگہِ تل گوٚمُت اوس''۔

''چلویہے کتھ صحیح'' رَاز ومنہن ووتھ منٛزٕ ے۔

''تمہِ وِزِ اوسُکھ ناژٕ ڈولمُت۔ ییٚلہِ تُس موٚنڈِرِنی سُنْدِ کفنہٕ دفنہٕ باپتھ سوٗرے رقم دیُتھ۔ ژینےٚ ہےَ تتہِ چندے خألی کوٚرُتھ۔ اگرے ژٕ تُس مدتھ کرُن اوسُکھ یژھان پنداہ یا زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ 20 روبل دی زِہس تہٕ تارٕ گژھی پٹنہٕ چندٕ خرچہٕ خأطرٕ تھاوِنی۔ ادٕ أمی شہزادن دِتی پٹژ ہوے روبل تمسے۔

''بنان چھُ مےٚ آسہٕ خزانہٕ اتھِ لوٚ گمُت تہٕ ژٕے آسی نہٕ تمیُک علم؟ اوے کَنٛٹہٕ کر مےٚ یوٗ راتھ پیرٛ افیأضی...... ہنہ...... زیمی تافس چھُ پتاہ مےٚ چھُ أکھ بوٚڈ خزانہٕ

لوٚبمُت۔ مہربأنی کٔرِتھ بخش زیٚو اَسہِ ...... تُہٕند موٗلُل اوڈ گنٹہٕ وَکھ کوٚر اَسہِ فضوٗل کتھن مژ برباد"۔ پرافری یَس کُن پھیرِتھ ووٚن تٔمۍ ...... "اَسہِ گٔرِ وٕتھ تُہٕ بٔلۍ بور۔ چھُنا پوٚز"۔

"نہ بالکل نہ...... بٔلکہِ چھِ حالات اَتھ برعکس۔ ژےٚ ترِی نہٕ فِکرِ مےٚ کرٕشاہ دلچسپی برٛٹے یہِ ژےٚ سٟتۍ۔ ژےٚ سٟتۍ بیہنس تہٕ چانہِ کتھہٕ بوزنس مژ گنیے یہِ مےٚ سخ دلچسپی۔ مےٚ چھِ بڈ خوشی زِ أخرس آکھ ژٕ تہِ برونٹھ کُن"۔

"نہ ساتہٕ چایہِ داہِ چاۆی زِ ہے۔ مےٚ ہے گوٚوا اُس خوشکھ" رَاز وٕمنہنن ووٚن پرافری یَس سبٹھہے پأنٕنیارٕ سان۔

"دسبٹھا رُت...... اکھُتے یہِ اِکوٹہٕ چنہٕس مژ لُطف...... چایہِ برٛونہہ ماکروٗیہِ کانٛہہ خاص چیز اہ...... نوش؟"

"اَن سایہِ خوش گژھی!"

پرافری پیٹر ووِچ دژ او چایہِ ہُنٛد بندوبست کرنہِ۔ رَاسکولنکافُن دِماغ اوس ژران۔ سہٕ اوس شرارتہٕ سٟتۍ پھٕنکان۔

"تعجب چھُ یِم چھِنہٕ رژھ تہِ کھٹان...... برونٹھٕ کنہِ چھِ وگوٗژ ٹان۔ شبستر وبتھ کیاہ چھُکھ! تہٕ بوٚ زن پرژھہس ہتاژِیوٚ دوے مےٚ زلنأنۍ اوسُکھ نہٕ تیٚلہِ کیاز ِگوکھ ژٕ نِکوڈِم فیوچس مےٚ متعلق پرژھنۍ؟ وجہ؟ دراصل چھِنہٕ یِم اِوکنۍ کھٹِتھ تھاوان زِیِم چھِ شکأری ہونٛن ہٕنٛدی پأٹھۍ مےٚ پتہٕ لگِمتۍ۔ یِم چھِ ننہِ وانہٕ میأنس بتھس تھوٚکہٕ لایان"۔ سہٕ اوس خشمہٕ ہوٚت سونچان...... "ہتاؤلو۔ حملے چھُوٕ کرُن ننہِ ولنہٕ گٔرِو۔ بیارِتہٕ لگرٕ سٕنز بأش مہٕ گٔرِو۔ مگر پرافری پیٹر ووِچ بوٚ دِمے نہٕ شاید تِتھ کنہِ گیٚنٛد کرنہٕ۔ بوٚ ووٗتھے تھوٚ دتہٕ حقیقتچ سأری پھُٹچ مُژ راوِتو ہہِ دیدمان تہٕ گژھِوٕ تُمنٛز کتر۔ پانے نوٚمےٚ کأژامنہِ مُچھ چھےٚ تُہنٛز"۔ سہٕ اوس بمشکل شاہ کھأتِھ وأتِھ ہیٚکان...... "مگر بنان چھُ بٔلکہِ یہِ میون وہمہٕ اوس؟ بٔلکہِ مےٚ غلط فہمی اُس۔ بلکہِ مےٚ پنٕنہِ طفلأزی کنۍ شرارت کھوٚتمت آسہِ تہٕ پنٕنہِ

ناتجربہٕ کاری۔ کُنہٕ آسہٕ نہٕ بوٚے پوٚر وُتران؟ شاید چھُ یہِ سوٗرُے بلا ارادٕ سپدان۔ ممکن چھُ یمن آسہِ عادتھ ورگہٕ کتھ کرنک۔ وونگو خاٗلی از معانہِ تہِ چھُنہٕ کینہہ...... کینہہ نتہٕ کینہہ دٔلیل چھےٚ ضروٗر۔ نتہٕ کیازِ وون اُمی چون ناو پتاہ اوس بجہِ نشہِ لیکھت تہٕ اَسہِ اوس چون انتظار۔ زیمی تافن کیازِ وون بواوُسس گرِتھ ژٔرِتھ کتھ کران۔ یا یہنٛدِ کتھ کرنک اندازٕ کیازِ اوس بدل؟ بالکل اوس یہنزن کتھن ہُند تلہٕ تراو مختلف۔ رازٕ ومنہنس کونہٕ چھُ یہِ فِکرِ تران؟ گوڈٕ چھُنہٕ اُمس بیوقوفس زہنٛی کانٛہہ نوزُک کتھ محسوٗس گژھان۔ اما مےٚ کھوٚت ییٚہِ تف۔ پرافری ین گرمےٚ پزی اُچھ ناٹ ؤنی۔ بوٚ کمہٕ بیوقوف کتھ چھُس سونچان۔ سہ کیازِ کرِہے مےٚ اُچھ ناٹ۔ یم چھا سنا مےٚ کھوٚژ ناوان رِنہٕ ئلو ستاوان؟۔ دراصل چھُ مےٚ یاتہٕ وہمہٕ تہٕ مےٚ چھِہ یم کھراُوی گژھان تہٕ نتہٕ چھُ یمن سوٗرُے معلوٗم...... حد چھُ زیمی تاف تہٕ چھُ مینگہٕ ہاوان...... ہنہ...... پزی چھا زیمی تاف مینگہٕ ہاوان...... زیمی تافن چھُ ارادٕ بدلوٗمت۔ مےٚ تژیو گوڈے فِکرِ زیمی تاف بدلاوِ پاٗتُر۔ کمہٕ آیہِ چھُ بہتھ زن چھُس ماٗلی سُند گریہِ تو رمےٚ گوڈٕ نکی چکرِ فِکرِ۔ اُمس ستی چھُ پھیکس ستی پھیوٚک رلاٗوِتھ بیہان۔ مےٚ چھِہ یم ژوٚرِ سٔندی پاٗٹھیٚ وُچھان۔ مےٚ چھُ پوٚر بہتھ سانہٕ یورپن بروٚنہہ اُسی یم میانے کتھ کران۔ یمن چھا سنا پتہٕ بوٚ گوس تتھ فلیٹس پتھ ییٚہِ۔ یہِ کتھ گژھِ فوراًنی ییٚلہِ مےٚ ونیوٗ زِ بوٚ اوُسس کمرٕ وُچھنہِ گوٚمُت تمی کوٗش کنس...... کمرس نسبتھ گرمےٚ زاٗنتھ ماٗنتھ کتھ۔ یہِ کتھ مالگہِ پتہٕ سخ بکار۔ ہریان تہٕ ییٚہِ نہٕ کینہہ...... ہاہاہا...... راتُک چھُس رژھ رژھ معلوٗم! ہنہ میانہٕ ماجہِ ہُند یورپن چھُس نہٕ پتاہ...... تمہِ موٚنڈِ اوس تاریخ لیکھت تھوومُت۔ ہتا یارٕ تم چھِو خام خیال۔ مےٚ ناہیکیو تھی گرفتار کرِتھ۔ توہہِ نشہِ کُس ثبوٗت چھُ...... یہِ گیہِ محض قیاس آراٗیی۔ کرِو سا ثبوٗت پیش۔ میون تتھ فلیٹس پتھ گژھن تہٕ چھُنہٕ کہنٛی وُقعت تھاوان۔ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ اہمیت کیازِ بوٚ اوُسس نہٕ تمہِ وِزِ حِبہٕ۔ واہ...... مےٚ چھُ پوٚر پاٗٹھی یاد مےٚ کیاہ کیاہ چھُ

وُنن۔ مگر یمن چھاپڑی پتاہ بۆ گوس تتھ فلیٹس پیٹھ۔ یہِ کتھ کھرٕ کرنہٕ ورأے نیرِ نہٕ بۆیتہٕ مگر بۆ کیاہ کرنہِ آیوس یور؟ بۆ کۆتاہ بقرار گوس۔ مگر یتہِ چھُ شاید ٹھیکے۔ کیازِ مےٚ چھُ أکِس بیمارٕ سُند رول ادا کرُن۔ سہٕ کول چھُ مےٚ ژرژان۔ سہٕ کرِ مےٚ گرفتار کرنٕچ کوٗشش۔ مگر بۆ کیازِ آسی یور؟ مےٚ کیاہ مفاد دژاو؟"۔

یم سأری خیال تہٕ خدشہٕ ووتلیے تٔہندِس ذیہنس منٛز محض أکِس برنٛزِس اندر۔

پرافری چھُ أتھی اندر چاے ہیٚتھ یوان۔ سہٕ چھُ بروٚنہِمہِ کھوٚتہٕ ہنا زیادے ہشاش بشاش لبنہٕ یوان۔

"بابا راتٕچ چأنی پارٹی چھےٚ نہٕ وُنتہِ ذیہنہٕ پیٹھٕ وسان...... مےٚ چھُنہٕ دیماغٕ ڈنجہِ اگرے بوز کھ"......تمۍ ووٚن اسان اسان رٲزومنہِنس۔ اماوٗنی کبس اوس توٚہند لہجہٕ قطعی مختلف۔

"لطفٕے اوٚیا؟ بۆ دراس ناتمی ساتہٕ یَیلہِ بخشس اندر رز برست دلچسپی پأدٕ گأمژ اۭس۔ مردِمأدان گُس روٗد؟"

"ٕ کہنٛہ نہٕ......تم ہے پتہٕ بحث أکِتھ کُن ترأوِتھ فقط اَکھ أکِس سوال کرنہِ لگی"۔

"أسی أسی راتھ روڈیا أکِس عجیب موضوٗعس دَل دِوان۔ موضوع اوس...... دُنیاہس اندر چھا جرمس ہیوٗیہِ کانٛہہ چیز۔ بۆ ونے اسہِ گرٕ کتھٕ گری گری مغز خألی"۔

"عجیب کیازِ چھُ" یہِ چھُ اَکھ عام سمأجی سوال"۔ رَاسکولن کافی دیٚتنس بےٚ غرض پأٹھی جواب۔

"مگر سوال آونہٕ تمہِ آیہ کرنہٕ" پرافری ین کوٚر پنٕن خیال ظأہر۔

"پزٕ چھُ۔ سوال اوس نہٕ امہِ آیہِ" رَازومنہِنن کوٚر کتھِ ستی اِتفاق تہٕ تس زن لُج گژھکھ تہٕ حسب عادت لوٗگ تیز تیز وہنہٕ......"روڈیا ژتہِ بوز ناوتہٕ ووٚنی پنٕنۍ راے۔

بۆ چھُس اَتھ نِسبتھ چأنی راے زانٕنی یژھان۔ مےٚ کوٚر یمن ستی زبردست مجادلہٕ مگر یم سپدی نہٕ قأیِل۔ بۆ اوٚسُس یژھان ژٕ دِکھ مےٚ اتھ اند رمدد۔ مےٚ اوس یمن وۄنمُت ژٕ تہٕ واتکھ ضروٗر...... بحث گوٚ واشتراکی عقیدٕ ستی شروع......ژےٚ چھُے معلوٗم تہٕند عقیدٕ چھُ زِ جرم چھُ دراصل سمأجی نابرابری تہٕ بےٚ قأعدگی خلاف اَکھ احتجاج تہٕ بس...... تم چھِ نہٕ بیٚیہِ کہنٛہ وجہ مانان''

''أتی تہِ چھُکھ ژٕ غلط'' پرافری ین وۄنٕنس۔ تہنٛز وُنی کینٛہ زنٕد دِلی أس وُچھن لایکھ۔ تہٕ اَسن کھنگالہٕ تژ أوتھ دِژن رَازوٗمنہنس کُن نظر یمہِ ستی تس بروٗنہمہِ کھوٚتہٕ زیادے جوش لوٚگ۔

''بۆ مانٕنہٕ ہرگز'' رَازوٗمنہنن وۄنُس اعتمادٕ سان۔ ''تمو چھُنہٕ بیٚیہِ کہنٛہ وجہ وۄنمُت۔ بۆ ہیکےٚ ژےٚ تہُند لٹریچر ہأوِتھ۔ تہنٛز چھےٚ بس اَکھ کتھ تہٕ سو چھےٚ ماحولُک اثر تہٕ باقٕی نہٕ کینٛہہ۔ یہِ چھُ تہُند پسندیدٕ دۄپ۔ اَمی منٛز چھُ صاف نَنان زِ سماج یۆ دوے قأعدٕ تہٕ معموٗلہٕ مطأبق ترتیب دِنہٕ یِیہِ سأری جرم گژھن أکس آنس منٛز بند تہٕ کنہِ یِیلہِ سماجس خلاف احتجاج کرنک کہنٛہ وجہ روزِنہٕ سأری لوٗکھ بنن أکس لحظس اندر راست بازتہٕ رٕتی۔ انسأنی نظریٚیس چھےٚ نہٕ کانٛہہ اہمیت دِنہٕ آمٕژ انسأنیت چھےٚ بدوٗن تھاونہٕ آمٕژ بلکہِ خأرجی کرنہٕ آمٕژ۔ تم چھِ نہٕ سو انسأنیت تسلیمے کران یوسہٕ زندگی ہٕنٛدِ تمہِ عملی توأریخہٕ ستی پوچھرلبان چھےٚ یوسہٕ بدلان روزان چھےٚ تہٕ یمکِس بنیادس پٹھ أخرس پانے اَکھ باقأعدٕ سماج وجوٗدس منٛز یییہِ۔ بلکہِ چھُ تمن یتھ کتھِ منٛز یقین زِ اَکھ سمأجی نظام یُس کمہِ تام حسأبٕ دِ بماغُک نتیجٕہ چھُ دِیہِ انسانیٚتس پانے ترتیب تہٕ بنہِ أکس برنٛزِس منٛز روشن تہٕ لگہارتہٕ پژتھ ناکارگیہِ لگہِ اندبۆر۔ یہِ سپدِ توأریخی عملہِ کھوٚتہٕ سبٹھاہ ڈٕلی۔ یہے چھُ وجہ تمن چھےٚ توأریخس ستی زبردست نفرت۔ تمن نزدیک چھُ یہِ وبکھُت بلکہِ حماقت وول خیال۔ اَمی کٕنی چھِنہِ تم زندگی ہٕنٛز جاندار عمل پسند کران۔ تم چھِنہٕ

جاندار روح یژھان۔ تکیازِ یہِ چھُ زندگی ہُنٛد مطالعہٕ کران تہٕ روح کرنہٕ تیٚلہِ تہنٛز فرمانبرداری۔ روح چھُ اَکھ پُر اسرار شۓ۔ روح چھُ زوالس کُن لمان۔ تم یُس روح یژھان چھِ سہٕ چھُ موت تہٕ سہٕ ہیکہِ دُوٗ مبر بوٗ ستی بناونہٕ تِتھ۔ تِتھ منٛز چھُ نہٕ زندگی ہُنٛد جوش تہٕ جذبہٕ۔ تِتھ چھُنہٕ کہنٛہ ارمان تہٕ نہٕ چھُس کُنہِ قسمچ بغاوت کرنُک ہِتر۔ اِی چھِ تم یژھان۔ مگر یتھِ پأٹھی چھِ تم منصوبہٕ مطأبق پننہِ فلانسٹری ہٕنٛدی دوٚسہٕ دیوار، کمرن ہٕنٛز باگنے تہٕ گذرگاہ بناوان۔ مانو زِ فلانسٹری گۄیہ تیار مگر انسأنی فطرت چھِیٚ نہٕ یژھِ فلانسٹری منٛز روزنس تیار۔ کیا یہِ چھا زندگی منگان۔ اتھ پِھرِ وُنہِ پٔنٛز اہم عمل باقے۔ یہِ دور چھُنہٕ وُنہِ مزارس منٛز دفن گرِچھنس ووتمت۔ ژٕ ہیٚکہٕ نہٕ پننہِ ڈٕلیلہِ ستی انسأنی فطرتس چوٗنپھ دِتھ۔ ڈٕلیل چھےٚ فقط ترٚیۓ امکان مانان ییٚلہِ زن لچھ بٔڈی امکانات چھِ۔ ژھنتہٕ لچھ بدہن امکانن تہٕ بلاے۔ تہٕ باقے چیز اَکس کُن تراۄتھ کرتہٕ فقط اَکس کتھِ پیٹھ غورسہٕ گوٚو آرام۔ یہِ چھُ آفتابکی پأٹھی واضح یتھ پیٹھ سونچنُک ضرورتھے چھُنہٕ۔ کوٗتاہ عظیم گون چھُ نہٕ سوٗنچن تہٕ نہٕ سنن کیازِ سنن چھُ سنہٕ ٹلان۔ زندگی ہُنٛد کلھم رٲز چھُ بس دوٚن صفن ہٕنٛدِس وچھس منٛز بند۔

”بس ووٚنی کرِ نہٕ یہِ ڈاہر واتہٕ نٛز بنٛد۔ تلہٕ سا ہیٚکی تون ژھوٚپہ کرنأوِتھ“۔ پرافری ین وڈن اَسان اَسان ...... ”ہے کرتہٕ ژٕ پانے خیال“۔ سہٕ پھیوٗر رٲسکولنکافس کُن ...... ”راتھ شامس اَسی شۓ شۓ نفر کُٹھ ترٛوپرتھ تہٕتھے کنہٕ اَسمان نکھس ٹلان۔ تہٕ اگرے کتھِ ہُنٛد پن راوان اوس رازِ ونہن اوس تیار آسان کتھ شیرنہٕ باپتھ۔ نہٕ سابایا۔ ژٕ چھُکھ غلط ونان...... جُرم سپدنس منٛز چھُ ماحولُک زبردست دخل۔ بوٗ چھُس وثوٗقہٕ سان ونان“۔

”بالکل ...... یہِ چھُس تہٕ مانان مگر اَکس کتھِ دِمےٚ جواب اگرے اَکہ 40ؤہری مردن داہؤ رشہِ کورِ ستی ناجأیز کوٚر۔ اتھ منٛز تہٕ چھا ماحولے ذِمہ دار۔ ماحولے

چھانس امہِ باپتھ مجبوٗر کران''۔

''صداقت ...... اگر یہے بوزکھ...... یہ چھُ ماحولکُے اثر''۔ پرافری ین وۆن سنبٹھِتھ سنجیدگی سان۔ ''امہِ نوعیتُک جُرم ہیکون أسی صریحاً ماحول کِسی اثرس ستی منسوٗب کٔرِتھ۔

رَازدٕ مِنہمِن زن وولیو...... ''یتھے ہیوٗ ما گژھی۔ بۆ دِمہٕ چانہِن سفیدأ چھروالن ایوان دِی گریٹس ستی نسبت حالانکہِ ایوانِ اعظم چھُ ڈاے ہَتھ فُٹ تھۆد۔ مگر بو کرٕ یہِ کتھ واضح دٔلیلہِ دِتھ ثأبت ژٕ گژھی نہٕ دِٕدہ تہِ پھورُن۔ بہ دِمے ترامہٕ پٔٹس پیٹھ لکھِتھ۔ لگاو شرط اتھ پیٹھ۔ لگاوکھ؟''۔

''چلو منظوٗر۔ أسی تہِ بوزوٗژ کِتھ کنہٕ کرکھ یہ ثأبت۔

''دوٗہے چھُس یِہوے مذاق کرنُک مرضہٕ''۔ رَازدٕ مِنہمِن وۆن کنس تھف کٔرِتھ...... ''ژٕ ستی کتھ کرِنی گوٚ وبٔلی مغزمأری کرِنی۔ ژٕ زانہٕ ہَن نہٕ روڈیا...... یہِ چھے یہِ زأنِتھ مأنِتھ کران۔ اتھ منز تہِ چھُس کانہہ نتہٕ کانہہ مقصد آسان۔ راتھ کٔرن تہٕنز طرفدأری محض تم بیوقوٗف بناونہٕ باپتھ۔ تم گئ أہنزن کتھن پیٹھ سخ خوش۔ یہِ ہیکہِ پچھس چھس تام کتھ زیٹھر اوِتھ...... زبو چھبس نا گلہٕ ناوِنی تگان۔ اِدلۆکن تھاوِ کتھِ لأ کِتھ تہٕ پانہٕ وُچھِ لۆب روٗ ژِتھ تماشا۔ پرُس ووٗمُن اَسہِ زِ ووٗنی گژھِ بہ کُنہِ خانقاہس منز تہٕ تتی کرِ عبادتھ دون رتنن روٗ دپنہٕ کتھِ پیٹھ ڈٔٹتھ۔ اِدکینْہہ کالہِ گوٚ وزِ أمی کوٚرپُنُن خیال بدلأوِتھ خاندر کرنک اعلان تہٕ خاندرٕ باپتھ چھے مکمل تیأریہ سپز مژ، حد چھُ وردنہٕ باپتھ دِتُن اَسی تھی فرمان تہٕ پانس تہِ اوٚمُن نوٚو سوٗٹ۔ أسی لگی سأری أمِس مبارکبأدی کرنہِ۔ مگر جناب نہ أس مہربٲنی کُنہِ تہٕ نہ کینْہہ۔ یہِ اوس سوٗرے مذاق......توٚ ریہِ فِکرٕ''۔

''ژٕ چھے غلط یاد۔ پلوٚأسی مے بروٚنْہے سُوٗنٲوِ ئتہٕ تہٕ نوِ پوشاکہٕ ستی وۆتھ

مےٚ یارن دوستن مذاق کرنٕک خیال"۔

"پزی چھِوٕ تُہی پیتٕر جٹہٕ گری" رٲسکولِنکافن پرژھنس مسأوِی اندازس منز۔

"ژےٚ آسی نہٕ بیٚہان۔ دوٚیمہِ جناب میانہٕ مسخری لِہ ہُنٛد ہیٚکِکھ نہٕ اندازٕ ے لگاوِتھ۔ ژٕ کر صبر۔ ژےٚ تہِ ہیٚیٚے خبر۔ ہا ہا۔ نہ نہ ژےٚ وَنے بوٚ صداقت۔ جُرم۔ ماحول...... بچہٕ یمن سارنٕے سوالن نِسبتھ چھُ مےٚ چون اَکھ مضموٗن یاد پیوان۔ سہٕ آو مےٚ سخ پسند۔ جُرم...... کِنہٕ تِتھے ہیوٚ کہتام اوس تتھ عنوان۔ مےٚ چھنہٕ پوٗرٕ پأٹھی یاد۔ سہٕ اوس پیریاڈیکل ریویوٗ رسالس منز چھپیومُت۔ بہر حال مےٚ آو لطف سہٕ پران پران"۔

"میون مضموٗن۔ پیریاڈیکل ریویوٗ رسالس منز"۔

رٲسکولِنکافن پرژ ھنس حٲران گرٕھِت۔...... "مےٚ چھُ واقعٕے قریب شیٚن رِتھ بروٚنٛہہ اَکِس کتابہِ پیٹھ اَکھ مضموٗن لیوٚکھمُت۔ تمہٕ دوٚہن ییٚنہٕ مےٚ یوٗنیورسٹی گوٚژھن بنٛد کوٚر۔ مگر مےٚ اوس سہٕ ویکلی ریویوٗ رسالس سوٗزمُت"۔

"اِدسہٕ چھُ پیراڈیکلی ریوٗہس منز چھپیومُت"۔

"اچھا ویکلی ریویوٗ اوس بنٛد گومُت۔ تَمی سببہٕ چھپیو نہٕ سہٕ تمہِ وِزِ"۔

چون وُنی چھُ صحیح" مگر ییٚلہِ ویکلی ریویوٗ بنٛد گوٚو پتہٕ رلیو سہٕ پیریاڈیکل ریوٗیوٗہس سِتی۔ لہٰذا چھپیوٚ چون مضموٗن زٕ رِتھ بروٚنٛہہ اَتھی منز۔ ژےٚ چھےٚ نا پزی معلوٗم؟"۔

رٲسکولِنکافس اوسنہٕ امیک علم۔

"ژٕ ہیٚکِکھ تمن مضموٗنک معاوضہٕ ہیتھ۔ ژٕ تہِ چھُکھ عجیبی۔ ژٕ چھُکھ زندگی ہُنٛدِ لوٚہہ لنگرِ نشہٕ یوٗتاہ بیوٗن تہٕ بدوٗن روزان زِ تمن کتھن ہُنٛد تہِ چھےٚ نہٕ علم یمن ہُنٛد واسطہٕ سیٚدِ سیٚوٚد چأنس ذاتس سِتی چھُ۔ مخولہٕ زأنی زِنہٕ۔ مےٚ وُنے صداقت"۔

"واہ روڈی واہ۔ پزی چھِ آدمی بستن منز سر آسان"۔ رٲزوِمنہٕن ووٚنس

شاباشی دِتھ......" بوسیٚدے أزی ریڈِنگ روٗم تہٕ تمن ہیٚمہٕ سہٕ شُمارٕ۔ گوٚوِزِ ربتھ بروٗنہہ چھُ چھپیومُت؟ تأریخ ماچھے یاد؟ خأرامہٕ ستھ پیٚیہٕ نہٕ کانٛہہ فرق۔ بوٚ کرٕ وصوٗل۔ مگرؤ چھ اَسہٕ ووٗنُن نہٕ بوٚ چھُس یی سونچان"۔

"مگر توٚہہ کتھہٕ توٚروٗ فکرِ مضموٗن چھُ مےٚ لیٚوکھمُت۔ مےٚ چھُ فقط مضموٗنس پیٹھ پنُن دستخط کوٚرمُت"۔

"اِتفاقنٕے سپُد مےٚ یہٕ دوٚیمہٕ دوٚہ معلوٗم۔ ایڈیٹرن ووٚنم۔ سہٕ چھُ وأقفے...... مضموٗن پرِتھ أس مے لِکھأری سُند ناوزانٕنچ سخت پأٹھی دلچسپی بڈیمژٕ"۔

"یوٚتام زن مےٚ یاد چھُ مضموٗنس منز اوس وبرٕھناونہٕ آمُت زِ جرم کرنہٕ بروٗنہہ تہٕ اَمہٕ پتہٕ کیاہ چھےٚ مجرمہٕ سٕنز نفسیأتی حالت آسان"۔

"آیٚیہٕ چھُتھ ژٕے ووٗنمُت جُرم کرنہٕ پتہٕ چھُ مجرم ہمیشہٕ بمار پیٚوان۔ یہٕ چھُ چون ذأتی خیال ووگو...... یہٕ چھُنہٕ چانہٕ مضموٗنک سہٕ اقتباس ییٚمہٕ کنٛی مےٚ اَتھ منز دلچسپی بڈیے یہٕ۔ مگر مضموٗنکس اختتامس پیٹھ یُس خیال ژٕے ظاہر کوٚرمُت چھُت مےٚ دِی زِ معأفی یہٕ وننہٕ موٚکھ تتھ پیٹھ چھبتھ گٔیہ محنت کرِمژٕ۔ تتھ پژٕ ہے بیہن وضاحت کرٕنی سہٕ چھُ تشنہٕ طلب۔ اگرے ژٕے یاد آسی ژٕے چھُتھ لیٚوکھمُت زِ واریاہ نفر چھِ تِم تہٕ یِم...... تہٕ کرِتھ ہیٚکن بلکہٕ یِمو اخلاقس نِنگ تھاونک تہٕ جُرم کرنک گویا حق پرووٗمُت چھُ۔ تہٕ تہندِ خاطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ قونوٗنے"۔

رَاسکولنکافن گُمناوی اتھٕ مبالغہٕ بیأنی تہٕ زأنتھ مأنتھ تہندِ خیالٕچ صوٗرت بگراونس پیٹھ وُٹھ۔

"کیا؟ مطلب سخن؟ جُرم کرنک حق؟ گوٚو ماحولک اثر چھُنہٕ امیک وجہ" رَاسکولنکافس گئے گن کھڑاتہٕ کرِن وضاحت طلب۔

"نہ...... امیک چھُنہٕ اتھ اندر کانٛہہ دخل"۔ پرافری ین دیتنس جواب۔

''اَہندِس مضموٗنس منٛز چھِ لۄکھ دۄن طبقن منٛز تقسیم کرنہٕ آمٕتۍ اَکھ گۄو معموٗلی تہٕ بیٚیا کھ غاٗر معموٗلی طبقہٕ۔ معموٗلی لۄکن چھُ سرخم گرِتھ روزُن۔ تِمن چھُنہٕ قونوٗنچ عدوٗلی کرنُک کاںٛہہ حق۔ مگر غاٗر معموٗلی لۄکن چھُ کاںٛہہ تہٕ جُرم کرنُک حق حاصِل تِم ہیٚکن یِتھٕ پاٹھۍ یِژھن قونوٗنچ عدوٗلی گرِتھ صرف اِوٕ کِنۍ زِ تِم چھِ غاٗر معموٗلی۔ اِی اوس چون خیال اگرے مےٚ غلط یاد چھُنہٕ؟''

''ہے ژٕ کیاہ چھکھ ونان۔ جُرم کرُن ہیٚکہِ نہٕ حق اَستھ''۔ رازوٗمیہن ووٗنُس پریشان حالی منٛز۔

راسکولنکافن کۄر ریٚپہِ لب خندٕ۔ تِمۍ ژیوٗن یکدم نو کتہٕ کیاہ چھُ تہٕ یِم گتھ کُن چھِ اُمِس پکناوُن یژھان۔ تِمۍ تہٕ گۄنڈ مقابلہٕ کرنہٕ باپتھ ہۄل۔

''میون مطلب اوسنہٕ تہٕ'' سہٕ لۄگ سبٕٹھے نیزمی سان وننہِ۔ ''تگرِتھ کرِ بۄ اعتراف زِ واریاہس حدس تام ووٗنتھ سہی۔ ہرگاہ اِی سمجھمت چھُتھ تیلہِ چھُ ہتھ فیصد درُست۔ (امیک اقرار کرنہٕ ستۍ میج لس فراحت ہش)۔

''البتہٕ چھےٚ ایژٕے فرق زِ میون مطلب چھُنہٕ ہرگز تہٕ غاٗر معموٗلی۔ لۄکن پزٕ ہمیشہٕ اخلاقس پام تھاوٕنۍ تہٕ تِہُند کار چھُ اِی یہِ زن تِہۍ ونان چھُوٕ۔ مےٚ چھُنہٕ باسان یُتھ خیال یہِ ہے چھاپنہٕ۔ مےٚ چھُ محض اَکھ اشارٕ کۄر مُت زِ غاٗر معموٗلی لۄکن چھُ یہِ حق۔ یہِ چھُنہٕ سرکارٕ طرفہٕ دِنہٕ آمُت حق۔ بلکہِ چھُ میون مطلب اَندرم حق۔ یِتھ کِنۍ تِم پننس ضمیرس ستۍ ..... کینٛہہ ٹھُری دوٗر کرنُک فاصلہٕ کران چھِ، سہٕ فقط تِتھ صوٗرتس منٛز ییلہِ تس پنُن خیال عملہِ منٛز اننہٕ باپتھ یہِ ضروٗری آسہِ۔ (باضے چھِ تِم شاید یہِ ساٗرہے براڈ ریہٕ فائید واتناونہٕ باپتھ کران)۔ تِہُند فرماوُن چھُ زِ مےٚ چھےٚ نہٕ مضموٗنس اندر وضاحت گرٕمژٕ۔ بۄ چھُس حتی المقصوٗد اَمیچ وضاحت کرنہٕ باپتھ تیار۔ شاید چھُ میون یہِ خیال دُرست زِ تِہۍ تہٕ چھِوٕ اِی یژھان۔ غاٗر..... یہِ گۄو سبٕٹھاہ رُت۔ میون خیال چھُ اگرے

کیپلر تہٕ نیوٹن سٕنٛدی دٔریافت عام کرنہٕ باپتھ کانٛہہ فرد اَکھ درجن اَکھ ہتھ یا زیادٕ لوٗکن ہٕنٛز قربانی دِیہٕ ہے نیوٹنس اوس امیک پوٗرٕ حق تِکیازِ تس اوس لوٗکن ہٕنٛدِ رژرٕہ باپتھ پٔنٕن فرض نکھٕ والُن ۔ لہٰذا ہیکِہ ہے سہٕ پنٕنوٕ دٔریافتوٕ ستی انسانیتس فأیدٕ واتناونہٕ باپتھ درجن واد یا ہتہٕ واد نفرن تہہِ تیغ کٔرتھ مگر تمیک مطلب چھُنہٕ یہٕ زِ نیوٹن ییلہِ تہٕ یژھِ ہے سہٕ ژھنہِ ہے پانس ڈٕچھنٛز کھوٗری لوٗکن گنڈرٕ تِلتھ یا تس کیاہ اوس تم قتل کرنک کانٛہہ حق ۔ یا بازرس منٛز کرِ ہے دُکاندارن لوٗٹھ کھسوٗٹ ۔ تہٕ مےٚ چھُ پوٗرٕ پأٹھی یاد زِ پٔننس مضموٗنس اندر چھُ مےٚ لیوٗکھمُت ...... یہٕ زِ بڈی بڈی قونوٗن ساز تہٕ لوٗکن ہٕنٛدی رہنما مثلن لِکرگُس، سولَن، نیپولین وغارٕ تم سأری أسی غأر معموٗلی مجرم سہٕ یتھٕ پأٹھی زِ تموٗ کر نٔوی مضموٗن بنأوِتھ پرانین قونوٗنن ہٕنٛز عدوٗلی ۔ پرأنی قونوٗن پھٹرأوِکھ ۔ تموٗ کر پنٕنین مقبوٗلِ عام تہٕ قأبلِ عزت اجدادن ہٕنٛز روگردأنی ۔ تموٗ کوٗرنہٕ خوٗنریزی کرنس منٛز تہٕ کانٛہہ وایہٕ ۔ اگرے تمن پنٕن دوٚپ مانناونہٕ باپتھ خوٗنہٕ کوٗلہٕ والنہٕ ضروٗری باسان اوس ...... حالانکہِ پرانین قونوٗنن ہُنٛد بچاو کرنہٕ باپتھ چھِ اکثر معصوٗم لُکھٕ زوٗ چھپہٕ دِوان تِکیازِ تم چھِ یمن قدر کران ۔ یہٕ کتھ چھےٚ غور و فِکر کرنس لایکھ زِ حقیقتس منٛز چھِ انسانیتکی یمے رہبر تہٕ محسن خطرناک خوٗنریزی ہٕنٛدی ذِمہٕ دار ۔ موخصر یہٕ زِ تمام عظیم انسان حتاکہِ عام لوٗکو نِشہِ رژھا تھدِ سونچنُک نفر تیمس بس اَکھ نوٚو لفظ ونٕنچ صلاحیت آسہٕ تم سأری چھِ فطرتاً مجرم آسان اِدکم یا زیادٕ ۔ نتہٕ چھُ عام دستوٗرٕ نِشہِ تہنٛد الگ نیرُن مشکل تہٕ پننہٕ لمہِ فطرتہٕ سببہٕ ہیکن نہٕ تم رواجہٕ مطأبق پکِتھ ۔ تہٕ میانہِ خیالہٕ گژھن نہٕ تم امہِ مطأبق پکنٕی تِکیازِ یم دستوٗر تہٕ رواج چھِ ہتہٕ بدبوٗدٕریو پتھٕ چلان آمتی یمن اندر کانٛہہ خاص نوبر آسان چھُنہٕ ۔ سہٕ گوٚو لکیر کے فقیر روزُن خأر میأنس مضموٗنس منٛز چھےٚ نہٕ یہٕ کانٛہہ نٔو کتھ ۔ یہٕ چھےٚ ساسہٕ واد پھِرِ بروٗنٹھہ تہٕ وننہٕ آمژ یتھ متعلق اَسہِ پوٚرمُت تہٕ چھُ ۔ ییتھ ہیکہٕ سوال وٕتھتھ زِ لوٗکھ کتھٕ کرو کھ معموٗلی تہٕ غأر معموٗلی طبقن منٛز تقسیم یمن طبقن ہُنٛد ذِکر

مےٚ مضموٗنس اند رکوٚرمُت چھُ ۔ مےٚ چھُ اعتراف زِ یہ چھُ خود بذاتِ مے اَکھ پٔزن طریقہٕ ۔ امہِ خأطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ شبقہٕ پیمانہٕ ۔ اوے کنی چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ اعداوشُمار پیش کوٚرمُت ۔ میانہِ خیالہٕ چھِ لُکھ قوٗنُنہٕ قدرتن دوٚن طبقن اند ربأ گراےمتی ۔ وٗسی پایہٕ یعنی (معموٗلی) یہِ چھُ سہ طبقہٕ یم پٔنٕنی زُری یا تھ پأدٕ کرنچ کأم انجام دِوان چھِ ۔ تہٕ بێیہٕ گئے تم لُکھ یمن قأبلیت چھےٚ یم پٔننہِ قأبلیتکین جوہرن ہُنٛز ڈألی دِوان چھِ ۔ یم کانٛہہ نٔوی کتھاہ ونان چھِ ۔ امہِ پتہٕ ہێکن لُکھ گرٛنٛز روٚسی طبقن منٛز تقسیم کرنہٕ یتھ ...... یتھ أسی تقسیم در تقسیم ؤنتھ ہێکو ۔ مگر دوٚن طبقن ہُنٛدی نمایاں علامات چھِ واضح ۔ گوڈنکہِ طبقکی لُکھ چھِ عام پأٹھی فطرتاً قدامت پرست تہٕ تابعیدار آسان ۔ تمن پێٹھ چھِ حُکمرأنی کرنہٕ یوان تہٕ یمن چھےٚ محکوٗمی پسند کیازِ تعمیلِ حکم چھُ تہُنٛد پیشہٕ تمن چھُنہٕ اتھ اند رکُنہِ قسمُک قُبح لبنہٕ یوان ۔ دوٚیمہِ طبقکی لُکھ چھِ قوٗنُنہٕ نشہِ روگردان سپدان ۔ تم چھِ تباہ کُن نفر آسان تہٕ تم چھ سأری پٔننہِ پٔننہِ استعداد مطأبق توڑ پھوڑ کران ۔ یمن نفرن ہُنٛدی جُرم چھِ اَکھ أکِس ستی ہشر تہٕ تھاوان تہٕ مختلف تہٕ آسان ۔ کیازِ تم چھِ شاندار پگہہٕ چہ آشہِ پێٹھ اکثر از کالچہِ تبأہی ہُنٛز وتہٕ تلاش کران ۔ مگر تِھس نفرس اگرے پٔننہِ خیالک دفاع کرنہٕ خأطرٕ لاشن ہُنٛدِ انبارٕ پێٹھی تہٕ پکُن پێیہ سہ کرِ تیتہِ ۔ مےٚ چھُ لیوٚکھمُت زِ تس چھُ پٔزن ضمیر لاشن ہُنٛدِ انبارٕ پێٹھی پکنگ تہٕ خوٗنکِس سمندرس منٛز ژھانٹ وایٕنگ اجازت دِوان ۔ مگر امہِ سارِےٚ دارومدار چھُ یتھ کتھِ پێٹھ زِ سہ نٔو وخیال کمہِ درجک آسہِ تہٕ تچ نوعیت کیاہ آسہِ ۔ تھوتھ یاد...... یہے کتھ مدِّ نظرِ تھأوِتھ چھُ مضموٗنس منٛز مےٚ ووٚنمُت زِ تِھێن لُکن چھُ جُرم کرنک حق (توٚہہ آسہِ یہِ کتھ یادٕ ے زِ اَسہِ تُجے یہِ کتھ قوٗنُنی سوالس پێٹھ) مگر اتھ پێٹھ چھُنہٕ پریشان گژھنُک حاجت کیازِ لُکھ سپدن نہٕ یہِ حق تسلیم کرنہٕ باپتھ زِ ہنٛی تہٕ تیار ۔ تم دِنکھ یا تہٕ سخت سزا نتہٕ کھالنکھ پھٲہہِ (یَس یہِ شوٗبہ) تہٕ یتھ کنہِ والن تم قدامت پسند آسنہٕ کہِ حیثیتہٕ پٔننی ذِمہٕ دأری نکھ ۔ مگر أمی اکثر تچ پےٚ چھےٚ یمنی مجرمن تھٔر کھالان

تہٕ کم وبیش تہنز پۆزا کران۔ گوڈنکہِ زُمرٕ کین لۆکن ہُند تعلق چھُ موجوٗدٕ وقتس ستی آسان تہٕ دوییمہِ زُمرٕ کین مستقبلس ستی۔ گوڈنیک طبقہٕ چھُ دُنیا بساوان تہٕ آبأدی بڑاوان تہٕ دوٗیم طبقہٕ چھُ دُنیا ہس الہِ الہِ تُلان تہٕ پننس مقصدس کُن پکناوان۔ دوشوٕنی طبقن چھُ زِندٕ روزنُک یکسان حق۔ مےٚ سان چھُ اَسہِ سارنۍ اَکھأ رکس پٮ۪ٹھ حق۔ وونگویہِ کشمکش روز جأری یوٚتام نہٕ......نوٚ ویروٗشلم وجوٗدس ییہِ''۔

''مطلب زِ نوٚ ویروٗشلم چھُکھ مانان''؟

''بالکل'' رٲسکولنکافن دِتنس اعتمادٕ سان جواب۔ اتھ سأرسے سوٚخنس دوران اوس رٲسکولنکاف قائلین رکس أرکس ژٕ پس کُن مدأے گنڈِتھ وُچھان۔ تمی ڈأج نہٕ أچھی موٚہس تہِ نظر۔ تہٕ خدالیس پٮ۪ٹھ تہِ چھیہِ پزٕھ؟ معأفی دِی زِ مےٚ ییہِ زانن خأطرٕ''۔

''بالکل'' رٲسکولنکافن دیُت وُنی کنبس پرافری یَس کُن نظر تُرأوِتھ جواب۔

''تہٕ......ژٕ ے چھیا پزٕھ زِلعزر گوٚ ومرِتھ زِندٕ؟''

''مےٚ......مےٚ چھےٚ بالکل پزٕھ مگر تُہی کیازِ ییہِ سوال کران؟''

''پزٕی چھیہِ اتھ پٮ۪ٹھ پزٕھ؟''

''آ......مےٚ چھُ پزنہٕ پٮ۪ٹھی اتھ پٮ۪ٹھ یقین''۔

''ژٕ ے مہٕ گرٕھنےَ مشکل......مےٚ گوٚ وشوق ژٕ ے ییم سوال پرژھنُک۔ خأر بےٚ ادبی معاف۔ أسی واتوٕ بیٚیہِ پننس سوالس پٮ۪ٹھ۔ تم چھِنہٕ ہمیشہٕ پھہِ دِنہٕ یوان۔ بلکہِ چھِ اتھ برعکس کران......''۔

''تہٕ چھیکھ پننہٕ زندگی دورانٕ کامیأبی میلان؟ تی نا؟ تتھ اندرتہِ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ کینٛہہ چھِ پنٛن مقصد پٮ۪ٹھی دُنیا ہس مٔنز پراوان تہٕ پتہٕ چھِ......''۔

''تمے باقی لۆکھ پھہِ کھالنۍ شروع کران''۔

''بالکل اگر ے امیک ضروٗرت پیٚکھ ۔ تم چھِ اکثرٕتی کران ۔ چون خیال چھُ شُراہ آنہٕ صحیح''۔

'شکریہ ۔ بیا کھ اَکھ کتھ ونتم ۔ غاٗر معموٗلی لوٗکھ ، کتھٕ ہیٚکو کھ اَسی معموٗلی لوٗکو نِشہِ الگ کڈِتھ؟ ۔ تِہنز ِ چھا کینٛہہ پیدأشی علامژ ۔ مےٚ چھُ باسان یہِ فرق آسہِ واضح پاٗٹھی وبۄھناونہٕ آمُت ۔ تِمن آسن ظاٗہری علامژ ۔ مےٚ دِی زِ معاٗفی یہِ زانٛچ کل آسہِ پزٕ بتھ تس شہری یِس یُس قونوٗنک محاٗفظ آسہِ ۔ تِم ہیٚکن نا کانٛہہ خاص وردی لاٗگتھ مثالہِ پاٗٹھی تِم ہیٚکن نا کانٛہہ تیٚتھ چیز ناٗلی تراٗوِتھ یُیمہٕ ستی تِہنٛد شناخت سپدان آسہِ ۔ کیازِ اگر ے غلط فہمی سببہٕ اکہِ طبقُک نفر پنُن پان بیٚیس طبقس ستی گنٛزراوِ تہٕ لگہِ پانس درپیش رُکاوٹہٕ دوٗر کرنہِ ، یتھٕ کنٛی ژےٚ اِظہارکوٗ رمُت چھُتھ ۔ تیٚلہِ''۔

''اکثر چھُ تِی سپدان ۔ یہِ خیال چھُ برونٛہہ کھوٚتہٕ تہٕ بہتر''

''شکریہ''۔

''کمہِ باپتھ ! ہاں یہِ گژھہِ ہمیشہٕ یاد تھاوُن زِ یژھہ غلط فہمی چھےٚ اکثر گوڈٕنکہِ طبقہٕ کِہن لوٗکن یعنی معموٗلی لوٗکن سپدان ۔ (بدقسمتی کنٛی چھِ مےٚ تِم شاید معموٗلی گنٛزراٗوِتی ) یِمہِ باوجوٗد زِ فرمانبرداٗری کرٕنی چھُ تِہنٛد ڈبکہٕ لون چھِ تِمو منٛز کینٛہہ نفر قودرتچہِ ستم ظریفی کنٛی پان اعلیٰ طبقہٕ کِہن لوٗکن ستی گنٛزران یعنی توڑ پھوڑ کرن والی ۔ ژےٚ چھُے معلوٗم زِ قدرتچہِ ستم ظریفی کنٛی چھُ گاٗومنٛز تہٕ احساسِ برتری پاٗدٕ سپدان ۔ تِم چھِ پنُن پان نوِ تحریکہِ ستی جوڑان ۔ حالانکہِ تِہنز حرکت چھےٚ بےٚ لوٗث آسان ۔ ستی چھِ تِم حقیقی طور دویمہِ درٕجکِہن لوٗکن نِشہِ اَچھی ٹُوان نتہٕ چھِ تِمن کم درجہ مانان تہٕ چھِکھ نہٕ چکارہے انان ۔ مگر مےٚ چھُ باسان اتھ پیٹھ چانہِ پریشان سپدنک چھُنہٕ کہٕنٛی ضروٗرت تِکیازِ یتھی لوٗکھ چھِنہٕ زیادٕ کالس برونٛہہ پکِتھ ہیٚکان ۔ یہِ چھُ صحیح زِ تِم چھِ پنُن تصوٗر (حالانکہِ سہٕ چھُ تِمن بڑیم آسان ) برونٛہہ پکناونٛچ ووٛتھ ژھانٛٹھ کران تہٕ کینٛہہ برٕنژ چھِ تِمن کامیاٗبی ہٕنٛدی تہٕ

نصیب سپدان مگر زیادٕ کالس نہٕ۔ تِہنٛد آفتاب چھُ کھسان کھسانٕے لوسان۔ تہٕ تِم گرٕھن سمجاونہٕ یِن زِ تِہنٛد اصلی مرتبہٕ کیاہ چھُ۔ مگر امیُک چھُنہٕ ضروٗرت تِکیازِ تِم چھِ پانے پانس سزا دِوان۔ تِم چھِ ذہنی طور بیٚدار آسان۔ تِمو منٛز چھِ کینٛہہ اَکھأ یِکس اکار بکار ینہٕ غرضہٕ کاٗم کران تہٕ کینٛہہ چھِ پأنی پانس ایزا دِتھ پنٛنٕی صحیح وَتھ رٹان...... تِم چھِ پانس پیٹھ صبر آزما کامہِ مٕتھِ ہیٚوان۔ یِمہٕ کامہِ پزٕہ دِلہٕ سرانجام دِوان چھِ تِم راحت محسوٗس کران تہٕ یِتھٕ کنہِ چھِ تِم کفارٕ ادا کران۔ الغرض یہِ زِ تِہنٛدِ سٕتی پریشان گرٕھنُک چھُنہٕ کانٛہہ جوازٕ ے...... تِمن چھُ قونوٗنِ قدرت پانے شیران"۔

خاٗر بوٚ کوٗرتھس ژٕے اَتھ معاملس منٛز مطمین۔ مگر بیٚا کھا اَکھ کتھ چھےٚ مے پریشان کران۔ مہربأنی کٔرِتھ کرٕ ژٕ تَتھ متعلق تہٕ مےٚ زأنیاب۔ دُنیاہس انٛدر کوٗتاہ چھُ تِتھین لوٗکن ہُنٛد تعداد یِمن قتل کرنُک حق چھُ بصوٗرتِ دیگر غاٗر معموٗلی لوٗکھ کأتیاہ چھِ۔ مےٚ چھُ تِہنٛزِ عظمژ ہُنٛد اعتراف مگر یَتھ کتھِ سٕتی کرکھ ژٕ تہِ اتفاق زِ اگر ے یِمن لوٗکن ہُنٛد تعداد ہُرِ دُنیاہ گژھِ تحس نحس۔ ژُواپأری وَسن خوٗنہٕ کوٚلہٕ۔ کِنہٕ نہٕ؟

"او۔ یِتہِ چھُنہٕ تشویشُک کٕہنٛژ معاملہٕ" رَاسکولنِکافن تھأو تمی انمانہٕ کتھ جاٗری...... "نوبن خیالن ہٕنٛدی لوٗکھ۔ تِم لوٗکھ یِمن کانٛہہ نٔوی کتھ ونٕنٕچ رٕژھ کھنٛڈ صلاحیت آسان چھِ۔ تِمن ہُنٛد تعداد چھُ اوٗ نگجہِ ٹینڈبن پیٹھ گٔنز راوُن لایکھ یعنی غاٗر معموٗلی لوٗکھ چھِ نہٕ توٗملس منٛز کنہٕ پھلبن برابر تہِ۔ یہِ کتھ چھےٚ صاف زِ یہِ تمام طبقہٕ بندی تہٕ امہِ طبقہٕ بندی ہُنٛد تقسیم در تقسیم چھُ قونوٗنِ قدرتکہِ ضأبطُک نتیجہٕ۔ قودرتُک یہِ قونوٗن چھُنہٕ ویڈیو یا تحریری صوٗرتس انٛدر مگر مےٚ چھُ امچہِ موجوٗدگی ہُنٛد پوٗرٕ یقین تہٕ وَکھ واتہِ ییٚلہِ یہِ قونوٗن پردٕ ژٔٹتھ نوٚن نیرِ۔ کٔشر بنی آدم چھِ سٕبٹھٕے محنتہٕ تہٕ مشقتہٕ سٕتی أکِس ضأبطس انٛدر روٗزِتھ۔ یہِ چھےٚ سٕبٹھٕے پُر اسرار عمل یَتھ تحت نسل در نسل کٔشر زُری یا تھ نوان تہٕ پزٕ بتھان چھےٚ۔ پپر در پیر تِہنٛز بار تعدادس منٛز قأیم روزنُک مقصد چھُ شاید ساسہٕ منٛزٕ

اَکھ نفرا اُتھ پأدٕ گژھان یُس خیالہٕ کنۍ رژھا آزاد آسہِ ۔ بلکہِ چھُ دٲہِن ساسن نفرن اندر تیُتھ اَکھ نفرا زیوان تیمس اندر انفرأدیچ زٕنۍ آسان چھےٚ تہٕ ووٚنی تیمس اندر غورٕ فکرٕچ سبٹھہے زیادٕ صلاحیت آسان چھےٚ تیُتھ نفر چھُ لچھٕ بدٕ بن لۄکن منٛز اَکھ زیوان ۔ قریب قریب چھُوٕ یہے شرح ۔ دٲہِن لچھن منٛز چھُ اَکھ عقلمند زیوان تہٕ ووٚنی یُس عقلمندی فہم و فراستس اندر ملیٚک آسہِ سہٕ چھُ بترأژ پتھ انسأنیتک سرتاج بنان تہٕ تیُتھ نفر چھُ میانہٕ خیالہٕ کرورٕ وادلۄکن منٛز اَکھ نیران ۔ پزٕ رچھ اِی زِمےٚ چھُنہٕ زمانچہٕ گردشہِ ہنٛزٕ اتھ عملہِ پتھ زیادٕ سۄنچمُت زِیہ کتھٕ چھُ سرز دسپدان ۔ مگر امیٚک چھُ تہٕ آسہِ تہٕ اَکھ واضح قونوٗن ۔ یہٕ ہیکہِ نہٕ پانہٕ خود سپدٕ ان اَستھ ۔ یہٕ چھُنہٕ الغأیہ سپدان" ۔

"تُہۍ کتھ سالگی وٕ مخولہٕ بأزی کرنہِ" رازومِنہِن وونتھ جانہِ منس تتھی ۔ "روڈیا ...... مذاقے چھُکھ کران کِنہٕ؟" ۔

رَاسکولنکا فن تُل کلہٕ تھود ۔ بُتھس پیٹھ أسس زردی تہٕ افسردگی ژۍ پأٹھی لبنہٕ یوان ۔ اما زیوٕ کوٚڈن نہٕ اَکھ لفظ تہِ ۔ رَازومِنہِن گوٚو تٔہندس اتھ حالتس پیٹھ حأران وونگوامہِ کھوٚتہٕ حأرأنی گیٚس ییٚلہِ پرافری سٔندِس بُتھس پیٹھ تٔہنزٕ شیطٲنکی آثار صاف تہٕ عیان وُچھن ۔

"بوز سا بایا اگرے ژٕ مذاق کران چھُکھ نہٕ تہٕ اگرے ژٕ پننہِ کتھِ منٛز سنجید چھُکھ ...... تیٚلہِ چھُ چون یہٕ وُنن بجاز ژےٚ چھبتھ نہٕ کانہہ ژٕ کتھ وُنمژ تہٕ اَسہِ چھُ اتھ متعلق گوڈے ہتہِ ساسہٕ پھرِ پوٚ رمُت تہٕ بۄزمُت ۔ تہٕ توٚ وخیال یُس اتھ مضموٗنس منٛز پزی چون باسان چھُ تمہِ ستۍ چھےٚ مےٚ ترٕ پھٹان ۔ سہٕ گوٚو نہٕ ژٕ چھُکھ کُنہ انسأنی جنوٗنس تحت اخلاق کِس ناوس پیٹھ خوٗنریزی ہُنٛد اجازت دِوان تہٕ یہٕ مےٚ فکرِ توٚ رتمہِ حسابہٕ چھُ میانہِ مضموٗنُک مرکزی نوکتہٕ یوٚ ہے...... مگر مےٚ دِی زِمعأفی یہٕ وننہٕ باپتھ ۔ یوٚ تام میون خیال چھُ امہٕ قسمچ خوٗنریزی یوسہٕ أسی اخلاق کِس ناوس پیٹھ کروچھےٚ تمہِ خوٗنریزی

کھوٚتہٕ سنگین۔یمیٚک سرکأری یا قوٗنوٗنی اجازت آسہِ''۔

''حق تہٕ پوٚز...... یہِ چھُ سبٹھے ہأبت ناک'' پرافری ین کوٚرتس ستیٚ اتفاق۔

''ہاں ووٗنی ہرگاہ ژےٚ کتھِ طول دیتمُت آسہِ ہَتھ تیلہِ چھےٚ اتھ اندر کیاہتام خأمی سوترِ مےٚ مضموٗن پُرتھ پانے فکرِ۔ مےٚ چھُنہٕ باسان ژٕ ہیکِکھ یِتھ کتھ سوٗنچتھ تہٕ۔خأر بوٚ پرن مضموٗن ضروٗر تہٕ ضروٗر''۔

''مضموٗنس منٛز چھےٚ نہٕ یِمہٕ سارے کتھٕ درج۔اتھ متعلق چھُ مےٚ مُبہم اشارٕ دیتمُت''۔رَاسکولنکافن ووٚنس درجواب۔

''صحیح چھُ......ٹھیک چھُ'' پرافری ین ہیوٚتنہٕ وُنتہِ پتھ۔جُرمس متعلق چون خیال توٚرمےٚ پوٗرٕ پأٹھی فکرِ......گُستأخی معاف (مےٚ چھُ واقعی افسوٗس زِ ژٕ کوٚر رُکھ مےٚ تنگ) یہِ کتھ چھےٚ سہی زِ دوٚن طبقن ہٕنٛدِس کُنی کھیٚرٕ رسپدنس نِسبتھ میون اندیشہِ کوٚستھ ژٕےٚ......تاہم چھِ مےٚ اَتھ اندر عملی طور واریاہ امکانات پریشان کُن باسان۔مثلن اگرے کانٛہہ نفر یا جوان پنٛن پانٕ لی کرگس Lycurgus تصوٗر کرنہٕ لگہِ پگہُک اَکھ انقلأبی زانٛنہٕ لگہِ......تہٕ مثال کروٚتمی زن ہیٚرٕ پنٛنہِ وتہِ اندر درپیش رُکاوٹہٕ دوٗر کرنہِ...... سہٕ زن ونہِ مےٚ چھےٚ اَکھ بڈٕ کام انجام دِنی تہٕ تمہِ باپتھ چھُ واریاہ پونسہٕ ژٕونکھ درکار......تہٕ لگہِ امہِ باپتھ ووٚتھٕ ژھانٛٹھ کرنہِ...... پانس چھِس نہٕ تیتۍ وٚسیلہٕ یِمہِ ستیٚ تِمہِندس خابس تعبیر نیرتھ ہیکہِ......چھُیہِ پتاہ سہٕ کیاہ کرِ؟

زیمی تافن یُس کوٚنس منٛز بِہتھ اوس تروواَتھ کتھِ پٹھ بڈٕ بوٚڈ اسن کھنگالہٕ اما رَاسکولنکافن تُجہ نہٕ اُچھ تہِ ہیوٚر کُن تہٕ لوٗگ بڈٕ سکوٗنہٕ سان ونہِ......''مےٚ چھُ اَتھ کتھِ ستیٚ پوٗرٕ اتفاق زِ تِتھی معاملہٕ ہیکن پأدٕ سپدِتھ۔خوٚ دسَر تہٕ کوٚچ ذیٛہنکین لوٗکن خاص کرِتھ نوجوانن ہیکن یِم حأدثی باوٕنی گرٕھِتھ مگر فضوٗل''۔

''بالکل بالکل......بوٚ تہِ چھُس تی ونان۔مگر تِتھ صوٗرتس منٛز کم حالات گرٕھن پأدٕ''۔

''کم حالات گژھن پأدٕ؟'' رَاسکولنِکا فن ڈیتنس وُٹھ گمناوِتھ جواب......''

تہٕ چھُنہٕ میون قصوٗر۔ تِتھی قصہٕ چھِ سپدٕ یِمتی تہٕ تہٕ سپدان تہٕ روزن۔ میأنی دوستن دوہن وُنی (تمی کوٗ ررازو مِنہنس کُن اشار) زِ بوٗ چھُس قتل وغارت روازانان۔ مگر سماجس اندر چھِ سفاکیٚن کتی سنگین انتظامات۔ مثلن قأدخانہٕ۔ مُلک بدر کرنُک سزا۔ جُرمن ہُند پتاہ کڈن وألی جوسوٗس۔ تہٕ حکوٗمتکی کار پرداز یِمن سارنٕے انتظامن ہُند مقصد کیاہ چھُ؟ لہٰذا پِھٕنہ پریشأنی ہُنز کہٕنی کتھ۔ فقط چھُ توٚہہِ ژوٗر گرفتار کرُن۔ اِژی پھٕ تہنز کأم''۔

''سہٕ زن رٹون تہٕ أسی پتہٕ کیاہ سپدِ؟''

''تمِس میلہٕ پننِن گوناہن ہُند سزا''

''مگر تہندِس ضمیرس کیاہ بنہٕ؟''

''ژےٚ کیاہ واسطہٕ چھُے تتھ سۭتی۔ ژےٚ کیاہ پھٕ تہٕ سوچُن''۔

''محض انسأنیکہٕ واسطہٕ''

''اگرے تس پزی ضمیر بیٚدار آسہِ ......تس سپدٕ پننہٕ غلطی پیٹھ پشیمأنی۔ سہٕ روزِ تس ملامت کران تہٕ سہٕ چھُس بوٗ ڈ سزا......سہٕ بنہِ پننہٕ ضمیرُک قٕدی ...... تہٕ دُنیاوی قأد گوس أستھے''۔

''مگر یِم لۆکھ پزی عقلمند چھِ آسان''...... رَازومِہنن پرژھنس نِس چأرِتھ......'' یِمن لۆکن قتل کرنُک حق چھُ...... تمن پزِ نا یا بالفاظِ دیگر تمن چھُنا خوٗنریزی پیٹھ تہٕ پشیمان گژھنگ ضروٗرت''۔

''پزِ نا'' یا ''ضروٗرت'' لفظ کیاہ گوٚو۔ یہٕ چھُنہٕ اجازت یا مأنی ییٚنگ سوال۔ تِمس تہٕ گژھِ متھ اگرے تس پننِس جُرمس پیٹھ افسوٗس سپدِ۔ گاٹلین تہٕ دوہیمِن ہُند احساس تھاوَن والین چھُ ہمیشہٕ بیٚیہٕ سُند دوکھ تہٕ دودٕ وَچھ کوٗران۔ مےٚ چھُ باسان دُنیاہس اندر رچھِ عظیم لۆکھ زیادٕ غمگین آسان''۔ أخری لفظ وُنی تمی زنتہٕ خابس اندر تہٕ لہجہٕ

تہٕ بدلیوس۔

تمۍ تجہِ اُچھ تھوٚد تہٕ اکہِ اکہِ یمن سارنے کُن نظر ترأوِتھ گُمناوِنۍ وُٹھ تہٕ تجنۍ ٹوپ اتھس کیٚتھ۔ کمرس اندر راٹنہٕ وِزِ اوس سہٕ سخ پأٹھۍ بےٚ چین اماپوٚز تتھ مقابلہٕ اوس وُنۍ کیس سبٹھے پُرسکوٗن۔ تمۍ کوٚر پانہٕ تہِ یہِ محسوٗس۔ تہندِس تھوٚد ووتھنس ستی وۄتھۍ تم ساری تھوٚد۔

''ژ کڈتہٕ مےٚ لیکھے یا ناراض گژھتہٕ سوچھےٚ چأنۍ مرضی پرا فری سپُد یہِ تس کُن مخاطِب۔ بوٗ ہیکہٕ نہٕ تعمّل کرِتھ تہٕ لہٰذا چھےٚ مےٚ وۄمید ژ کرکھ نہٕ بیا کھ معموٗلی سوال پرژھنس مےٚ کانٛہہ رُکاوٹ۔ (حالانکہِ پتاہ چھُم ژ کوٚر رُکھ مےٚ تنگ)۔ بوٚ چھُس اکھ خیال وۄنۍ یِیمہِ سبہِ باوُن یژھان زِ بنان چھُ پتہٕ ما گژھِ ہم مشرب''۔

''وۄنو وۄنو...... کیاہ خیال چھُ توٚہہِ وُنہِ وننے۔ تہِ ہے سبٹھا جان گوٚو'' رَاسکولنِکاف روٗد ووِنۍ تھنٛز کتھ بوزنہِ مگر بتھِ اوس زرد یومُت تہٕ سوسنیومُت باسان۔

''مطلب سخن چھُ یہِ زِ......آ......یہِ زِ...... پزراگرے بوزکھ مےٚ چھُنہٕ تگاں وننہٕ نُے۔ کم مناسب لفظ کرِ بوٚ استعمال......خأر......یہِ چھُ اکھ نفسیأتی خیال۔ ژ یِیمہِ ساتہٕ یہِ مضموٗن لیکھان اوسکھ تمہِ وِزِ آسکھ نہٕ ژ تہِ...... رکھی ہی ہی...........یہِ سونچنہٕ نشہِ باز روٗزِتھ ہیوٚ کمُت...... زِ...... ژ تہِ چھُکھ کم وبیش غأر معموٗلی طبقُکۍ نفر۔ کیازِ ژےٚ وۄنتھ ناپننہِ خیالہ مطابق اکھ نوٚ کتھ...... چھا سہی کِنہٕ نہٕ؟''

''ممکن چھُ'' رَاسکولنِکافن دِتنس حقارتہٕ سان جواب تہٕ رَازوٗمنہنس زن گیہ ڈنن۔

اگرے تژھ کتھ چھے۔ تیلہِ آسکھ ژ تہِ پنٛن پان دنیوی سختی ین تہٕ مشکلاتن منز ہینہٕ آمُت مگر انسانیتکہِ فلاح وبہبوٗد باپتھ اہم تصوٗر کران......ژےٚ تہِ آسی مشکلات دوٗر کرنہٕ باپتھ سونچمت۔ مثالہِ پأٹھی لوٗٹن یا قتل کرُن؟''

تمۍ کرِ تمِس کھووِرِ اُچھ ستی یہِ اُچھ ناٹہٕ بروٚنہہِ پأٹھی کوٚر رُن ختہٕ ہنہٕ۔

''اگرے زن مے ترٛٹھ حرکت کرہِ تہٕ آسہِ ۔ توپتہٕ ونیہ ژٕ ے اِیٔ''۔

رَاسکولنکافن دیتنس اَچھ چأرتھ تہٕ حقارتہٕ سان جواب۔

''اوہو......میون مُراداوس فقط ادبی نکتہٕ کنی چون دلچسپ مضموٗن وارٕ سمجھُن''۔

''افوٗ خداوندا......اتھ اند رکیاہ شکہٕ چھُ ووٚنی۔ یہ لعنتی ہےَ چھُ بروٚنٹھ کنی بُتھ زٕلان''۔ رَاسکولنکاف لوٚگ نفرتہٕ سان سونچنہِ۔

''بوز ووٚنی میون جواب'' رَاسکولنکاف لوٚگ موٚنتھ ونہٕ۔ ''بوٚ چھُس نہٕ پان نیپولینس یا تِتھےٚ کأنسہِ دوٚیمس نفرس ہیوٗ زانان۔ چوٗنکہِ ییٚلہِ نہٕ یِموٚ منٛزٕ کانٛہہ اَکھ تہٕ چھُس بوٚ ہیٚکہٕ نہٕ یہ وٕنتھے زِ تِمن ہیوٗ آسنہٕ کِس صوٗرتس منٛز کیاہ کرٕہابوٚ''۔

''ہے تژٕ اوکتھاہ...... ژٕ ے چھیہِ باسان اَسہِ ساری روٗسی چھِنہٕ پٔنُن پان نیپولیٚن کیاہ بَلکہِ تِہنٛدِ کھوٚتہٕ عظیم زانان''۔ پرافری پیٹروِچن ووٚہنس تمہِ آیہِ زِ رَاسکولنکافس گیہِ مغز کھڑا۔

''تیٚلہِ آسہِ شاید یِہکوٚ یِموٚ ے نیپولیٚنو منٛزٕ کأنسہِ اَکہِ پٔتمہِ ہفتہٕ اعلیو نا ایوانو نایہ ہُنٛد قتل کوٚرمُت''۔ کوٗنس منٛز بہتھ زیمی تافن ووٗن منٛزی۔

رَاسکولنکافن ووٚن نہٕ درجواب کینٛہہ ووٚنگو پرافری ییٚس لوٚگ مدأے گنٛڈتھ ژرژنہِ۔ رَازوٚمہننس کھرٕ ڈیکس ڈرٕ ہ۔ تس گنیو کیاہ تام شک۔ یِمہٕ کتھہٕ باسےٚ یہ نہٕ تس خالی از ملنہِ۔ تِمی ترأوشرارتہٕ ہِتی یِمن سارنے کُن نظر۔ سہ ُ گوٚ وترِ بن تہٕ تروِہن۔ مِنٹس کھنٛڈس روٗز بِرسأوی خاموشی۔ اَتھی اند رلوٚگ رَاسکولنکاف پوٚت پھیرِتھ واپس نیرنہِ۔

''گوٚو یزی نیر کھ ژٕ'' پرافری ین ووٚہنس ٹاٹھس یارٕ سنٛدی پأٹھی وژھِ وأنجہِ اتھواسہِ باپتھ اتھٕ پلناوان۔ ''چانہِ مُلاقاتہٕ ستی سپز مے واقعی شادمأنی۔ ووٚنی یوٗ تام زن چانہِ کامہِ ہُنٛد تعلق چھُ۔ ژٕ موٚ برَ کینٛہہ غم۔ ژٕ لیکھ درخواست تِتھہٕ کنہِ مے ووٚنمے۔ یا اگرے اَکھ زٕ دوٗہ گوٚھِت پانے دفتر تشریف انہٕ ہِگھ تہٕ روزِ ساری کھوٚتہٕ بہتر......

پگہہ تہٕ ہیکٕکھ تِتھ۔ بۆ آسے 11 بجے بأ گژِ۔ کڈو کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ سبیل۔ اکھتِے سپدِ ملاقات تہٕ۔ چوٗنکہِ ژٕ ے چھُکھ أخری نفریُس تور (بجہٕ ہُنٛد گرٕ) گۆمُت چھُ لہٰذا چھُ ممکن ژٕ تہٕ ہیکٕکھ کینٛہہ وٕنِتھ''۔ پرافری ین وننِ نَس یمہٕ کتھِ سبٕتھے خوش خولقی تہٕ خلوصہٕ سان۔

''گۆ وووٕنی چھُکھ تتہٕ قونٛونی طور مےٚ جرح کرُن یژھان'' رَاسکولنِکافن وۆنُس فی الفور......

''اوہو...... تہٕ چھُنہٕ کتھ۔ وُنہٕ چھُنہٕ تمیُک حاجت۔ ژٕ ےٚ سمجھ تھس بۆ دراصل غلط۔ میون اوٚ صوٗل چھُ زِ بۆ چھُس نہٕ پٔننہِ کاروأیٔ دوران کانٛہہ تہٕ موقعہٕ اتھٕ گژھنہٕ دِوان۔ مےٚ چھےٚ تِمن تمام نفرن ستی کتھ کٔرمژ یمو چیز رٕ گروأسی تھاوی مٕتی۔ کینٛژن ہُنٛدی بیان تہٕ رٕ ٹِم...... ژٕ چھُکھ أخری اَکھ...... آ...... وُچھ سامےٚ پیوٚ یادٕ''۔ تس زن ژٕ ج خوشی ستی کرٕ کھ نیرِ تھ۔ ''کہو تام پیوٚ مےٚ یاد۔ بۆ اوُسس اَدِہ پٔتھٕ سونچان زِ مےٚ کیاہ گۆ و مشربٕ''۔ أتھی ستی پھیوٚ رسہٕ رٕ ازِ و مھنس کُن۔

''یار...... تس نکولالیس متعلق کتھٕ کٔرٕ کٔرٕ انِے یتھ ژٕ ےٚ میأنی کن پسرٕ...... چانہٕ کتھِ کس اوس نکار...... مےٚ اوس پتاہ۔ بلکہِ اوس مےٚ روپیہِ ہُنٛدی شراہ آنہٕ معلوٗم'' پرافری ین پھیوٚ رکلہٕ رَاسکولنِکافس کُن ''زِ سہٕ بچارٕ چھُ بےٚ قصوٗر...... مگر نارس کُس دِیہ نرٕ ہ۔ اَسہِ اوس اَکھتِے دِمتری تہٕ طلب کرُن...... یہے چھُ اہم نوکتہٕ یتھ تھ سأرسے کتھِ کھُر یوان چھُ...... ییمہِ ساتہٕ ژٕ ہیوٚ ر کھوٚ تِھ (بجہٕ ہُنٛدِس کمرس کُن) تمہِ وِزِ آسہِ ہےوَ کھیوٚ ہے ستھ بجے ہیوٚ۔ چھا پوٚ زِ کِنہٕ نہٕ؟''

''پوٚ ز چھُ'' رَاسکولنِکافن دیتُنس جواب۔ مگر یہِ لفظ زیوِ کڈانِے گۆ و تس احساس زِ تس پزٕ ہے نہٕ امیُک اقرار کرُن تس زن وٕ ژھ سأرسے پانس اِسرٕ۔

''گۆ وٹھیک۔ ستہِ بجہِ پٔتھ أٹھِ بجہٕ تامِکس درمیأنی وُکھتس منٛز ییلہِ ژٕ ہیوٚ ر کھوٚ تِھ ژٕ ےٚ وُچھت نادوہِمس پوٚ ہرِس پٔتھ اوس اَکھ فلیٹ یلے۔ چھیہِ ژٕ ےٚ یاد۔ تتہٕ

اُسی زٕ موٗزٕ ریاکم سے کم اَکھ موٗزٕر۔ یِم تہٕ گژھ کران اُسی۔ ژٕنے وُچھ تھکھنا تم۔ یہِ نو کتہٕ چھُ تمن ہٕنٛدِ باپتھ سٮ۪ٹھاہے ضروٗری۔

''رنگساز...... نہ مےٚ گوٚو نہٕ تموٗ منٛز کانٛہہ نظرِ'' رَاسکولنِکافن ڈیٖتنس قرار سان جواب تتھِ پاٹھی زنتہٕ پننِس یادِ ووترِس زول دِوان اوس۔ اُتھی ستی اوس سہٕ یٕوت پلہِ تیٚوٚت وٚلی یہِ داٗیرٕنچ کوٗشش کران زِ پرافری ین کتھ نو کتنس پتھ وٲہرو وپُن زال تہٕ یہِ چھےٚ نہٕ کنہٕ ڈول دِنس لایکھ کتھ۔ ''نہ مےٚ گےٚ نہٕ تم نظرِ۔ مےٚ چھُنہٕ باسان زِ میانہٕ تور کھسنہٕ وِزِ کیاہ اوس تتہِ کانٛہہ فلیٹ یلہٕ...... وونگوٗژٕر مِس پوٚ ہرِس پتھ (تس سپُد یکدم پرافری سٕنٛزٕ ژھوٚنبہِ ہُنٛد احساس۔ تمی کڈٕ امہِ زالہِ منٛزٕ نیرٕنچ سبیل۔ تس باسیو پننہِ اتھ عقلمندی پتھ فخر)۔ ''آمےٚ پیٚو یاد زِ گُس تام اوس تمہِ وِزِ اعلیونا ایوانونا یہِ ہٕنٛدِ سید سیٚود فلیٹہٕ منٛزٕ نیران۔ آمےٚ چھُ پوٗرٕ پاٹھی یاد۔ کینٛہہ دربان اُسی تمہِ وِزِ اَکھ صوفہٕ نبر کڈان تہٕ تمو چارٕ نوٗ دٕس بوٚ دیوارس ستی ...... مگر یوٚ تام زن رنگ سازن ہُنٛد سوال چھُ...... نہ بالکل گوٚو نہٕ مےٚ کانٛہہ نظرِ۔ مےٚ چھُنہٕ باسان تہٕ اوس کانٛہہ تموٗ منٛزٕ یا کانٛہہ کمرِ کیاہ اوس یلہٕ۔ نہ...... مےٚ چھُنہٕ یتھ ہٕنٛز تہٕ یادٕ''۔

''مطلب سُخن''۔ رَازوٗمِہنس ژٕج کرٕ کھ نیرتھ۔ تس زنتہٕ کتھِ ہٕنٛد گوڈ فِکرِ تور تہٕ معاملچہِ نزاکژ ہُنٛد احساس گوٚو۔ ''ژٕ کمہِ کتھِ چھکھ کران۔ رنگساز اُسی تتہِ تمہِ دوٚہ کاٗم کران یمہِ دوٚہ بجہِ ہُنٛد قتل سپدمُت چھُ تہٕ یہِ اوس قتل سپدنہٕ ترےٚ دوہہ برونٛہہ تور گوٚمُت۔ توٚ ریہِ فکرِ۔ لِہٰذا کیاہ مطلب چھُ اُمِس یِم فضوٗل سوال پرٕژھنگ''۔

''عفوٗ۔ بوٚ تہِ چھُس رِکیہِ تہٕ گوگجہِ ہاکس کھُر انان'' پرافری ین وژٕ ڈبکس ژٕنڈ۔ دوست مےٚ دی زِ معاٗفی۔ مےٚ چھُ باسان یہٕ معاملہٕ کرِ شوٗ ھس پاگل'' تمی وٕ ون رَاسکولنِکافس عاجزی سان...... ''دراصل چھُ سانہٕ خاطرٕ یہِ زانُن سٮ۪ٹھاہے اہم زِ تم رنگ ساز چھا ستہِ بجہِ پتھٕ اٹھِ بجہِ تام تتہِ کانٛسہِ وُچھمتی۔ مےٚ اوس خیال ژٕ ےٚ وَنکھ ضروٗر کانٛہہ

نتہٕ کانٛہہ پَے ......مگرمےٚ رۄٚ دنہٕ ظوٗنُے امہِ کتھِ ہُند ......مےٚ انیوسأرٕ ہے گُھر"۔

"خأرٕ آینٛدٕ گژھِ احتیاط کرُن۔ توٚ ریہِ فِکرِ" رَازٕ مٕنہٕنن ووٚہنس سنجیدٕ پأٹھی۔ یم أخری لفظ وُنی تمی وٕٹس منٛز۔ پرافری ین کوٚ رٕ تمن درواز پیٛٹھٕ بڈٕ نرمی سان روخصت۔

تِم وأتی سڑکہِ پیٛٹھ مگردوشوے أسی غمگین تہٕ وُدأسی۔ کینٛہہ قدم پکِتھ ژھوٚپہٕ دَم گُرِتھ۔ رَاسکولِنکافن ہیوٚت پھرٕ یکھ ترٛ أوِتھ زیوٗٹھ شاہ"۔



# (۶)

یہٕ چھُ غلط......یوٚہیکہٕ نہٕ یہٕ ہرگز تہٕ مأنتھ'' رَازوٚمہِهِن ووٚن رَاسکولنِکافنو کتھو ہٕتی پریشان گژھِت۔ سہٕ اوس تہٕ ژٕنِ یمن کتھن ہُند تردید کرنچ کوٗشش کران۔

یژِتس کالس وأتی تم بیکالیف سٔندِس کرایہِ خانس نِش ییٚتہٕ پلشیر یا تہٕ دوٗنیا تمن واریاہ کالہٕ پتھٕ پراران آسہٕ۔ رَازوٚمہِهِن اوس بٔختچہ گرماگرمی کنہِ مٔنزی مٔنزی سیٚٹھا مشر وتہٕ ٹھہران۔ سہٕ اوس یمہِ کتھِ سببہٕ پریشان تہٕ خوش تہٕ زِ تم أسی گوڈٕ نچہ لٹہِ اتھ قتلس عنبتھ کھُلم کھلا بحث کران۔

''ژٕ متہٕ مانتہٕ۔ فرق کیاہ پییہ''۔ رَاسکولنِکافن دِیتنس لاپروائی سان وُٹھ گُمنأوتھ جواب۔ توٚ ہندِ یہٕ حند تہٕ اوس اندرمہٕ وُدأسی ہُندنوٚن اِظہار۔ ''ژٕ سینو کھہٕ کُنی کتھِ یہٕ زن ژے عادتھٕ چھےٚ مگر یوٚ اوٚسُس پرٕتھ کانہہ لفظ تولان۔ تتھ پتھٕ غورٕ فکر کران''۔

''ژٕ چھُکھ شکی تہٕ اوے کنہِ اوسُکھ تہٕنٛد لفظ لفظ تولان۔......ہنہ......یوٚ چھےٚ نہٕ اپُزٕ ونان۔ وونگو مے چھُ۔ یتھ کتھِ ہٕتی اتفاق زِ پرافری سُند اندازِ بیان اوس عجیب تہٕ تمہِ کھوٚتہٕ تہٕ بدلے کہتام۔ تمی ہوٗنی زیمی تافن...... چون وُنی چھُ مے سہی باسان زِ زیمی تافن چھےٚ کہتام شینکنتھ کرمُت۔ مگر سوال چھُ کیازِ......تس کیاہ آو بٔنتھ؟''

''تمی چھُ راتھ کالے پنُن اراد بدلومُت!''

''غلط...... بالکل غلط۔ اگر ے تمن سہٕ احمقانہٕ خیال آسہٕ ہے تہٕ۔ تیلہِ کرِہن تم حتی الامکان کوٗشش پنٕنی کتھ ژوٗرِ تھاونچ۔ تم تھاوِہن پنٕنی چال کھٹِت یتھ تم

پتھو لاکن ژٕے رٕٹتھ ہیکہِ ہَنے ...... تتھ صوٗرتس منز ونو تیلہِ چھےٚ یہِ تہنز بیقلاٗ زی تہٕ لاپرواٗہی''۔

''اگر تمن نشہِ پزٕی ثبوٗت آسہٕ ہن۔ مطلب سہی معلوٗمات آسہن۔ یا شک و شبیچ کینہہ بُنیاد تہٕ آسہِ ہے تیلہِ کرٕہن تم ضروٗر تہٕ ضروٗر پننی چال ژھوٗ رِتھاونچ کوٗشش تکیاز تمن آسہِ ہے مزید معلوٗمات حاصِل سپدنچ وومید۔ (امہِ علاوٕ آسہِ ہے تموخبر کر تیلہِ کمرِچ تلاشی گرٕمژ)۔ مگر پزٕ رچھُ اِی زِ تمن نِشہِ چھُنہٕ کانہہ ثبوٗت۔ تم چھِ ہَوہَس منز گُری دورٕ ناوان۔ یِم چھِ فقط اندازٕ لگاوان تہٕ اَکی کُنہِ ستیٚ زٕ شکار کرُن یژھان۔ یہِ چھُ تمن خیالٕ خام۔ تم اَسی مےٚ وبسراوُن یژھان۔ تہٕ مےٚ چھُ باسان کانہہ ثبوٗت نہٕ میلنہٕ کِنی کھٕرٕ تمس ژھکھ۔ سہٕ آوشرارتس لاینہٕ تہٕ بےٚ خیاٗلی ہٕنٛدِس عالمس منز ژوُلُس زیوِ ژٕرنہٕ رتھ...... یا بنان چھُ کانہہ منصوبہٕ آسپن بنومُت۔ تہٕ اوے کِنی کوٚرُن پننہِ شکگ ننہِ وانہٕ اِظہار۔ بڑٕ چالاک چھُ باسان۔ شاید اوس سہٕ مےٚ یہِ بہانہٕ کرٕتھ کھوژٕ ناوُن یژھان زِتس چھُ پوٗرٕ عِلم قتل کمی چھُ کوٚرمُت۔ باٗے صاٗبہٕ یہُند نفسیاٗتی داٗیر چھُ الگ آسان۔ بہر حال مےٚ چھُ ووٗنی اَتھ ہُنٛز کہُنٛز کرنہٕ ستیٚ وحشت گژھان۔ ژٕٹ یہِ کتھے''۔

''مگر یہِ گوٚو توہین۔ سرتکن توہین۔ ژٕ کیاہ آسکھ وُنی کبس محسوٗس کران مےٚ چھُ تمیک پوٗرٕ پوٗر اندازٕ۔ (خاٗر یہِ چھےٚ نفیس کتھ زِ وُنی کبس چھِ اَسی دِل مُژٕرتھ کتھ کران۔ مےٚ چھِ اَچ انتہاٗئی خوشی) لہٰذا چھُسے بوٚ صاف ونان زِ مےٚ گوٚیو وارِیاہ کال بروٗنہہ امہِ کتھِ ہُنٛد اندازٕ۔ تمن ووت وارِیاہ کالہٕ پتھ سسرِ گسرِ کران۔ حالانکہِ چھِ امیک یہے معموٗلی باس ہیوٗ دِوان۔ سبٹھے چالاٗکی سان چھِ پننہِ شکگ اِظہار کران۔ خاٗر شکس پتھ ہیکن نہٕ یِم کانسہِ جاٗ گیر رٕٹتھ۔ مگر مےٚ چھُ یِمہِ کتھِ ہُنٛد حاٗرت زِ یِمو کتھِ ہیوٗک شک تہٕ کرٕتھ۔ یِمو کتہٕ اَنی ستھ کلہٕ یتھ خیال کوٚرُکھ۔ یِمن نِشہِ کوسہٕ بُنیاد چھےٚ اَچ۔ ژٕ ہیککھ نہٕ انداز لگاوِتھ مےٚ کوٗتاہ خشم کھوٚت۔ خوٗنس چھمبم گژھ لگان۔ یِم چھِ نہٕ

سوٚنچاں زِ اَکھ پتھر پیٚومُت مُفلِس نوجوان یُس غور بِتن ژٕٹتھ تر وومُت آسہِ ۔ یُس بے ہوشی ہُنٛز بیمارِ ژوپمُت آسہِ ( یہِ چھےٚ نہٕ معموٗلی بیماری ) یُس زندگی ہٕنٛدیو دولابو ترٛہن تہٕ ترُواہن کوٚرمُت آسہِ ۔ مگر خوددار آسنس ستی ستی خوٚد پسند تہٕ آسہِ ۔ تیمی شمن رتبن تام کائسہِ ہُنٛد بُتھ تہٕ وُچھمُت آسہِ نہٕ تہٕ کائسہِ نِشہِ بوس تہٕ ژھانژھ نومُت آسہِ نہٕ ۔ تیمِس نالی کرِ دجہ ترٛوو یہِ ورأے اَکھ زٕٹ تہٕ آسہِ نہٕ ۔ یُس بچارِس بوٚٹک پارِ ے موکلیومُت آسہِ ۔ تہٕ تسی پیٚیہٕ ڈٕنٛھن پُلسہِ والین یِمنے حالاتن منٛز بُتھ دیُن تہٕ پیٚیہٕ یہِ تس وٕ کروالنہٕ پُشہِ یِیہِ خلافِ توقع ٹیشبا روف سند رقم وٕ گروالنہٕ باپتھ قرضک اسٹام تس بروٚنٛہہ کنہِ تھاونہٕ ...... ہُپاری آسہِ کمرِ چیٚن لبن نوٚ ورنگ گرِتھ تیٚچ بد بوے دِماغ کوٗران آسہِ ۔ پیٹھٕ آسہِ تاپھ شرٛاکہٕ والان تہٕ سورٕے ماحول آسہِ دم پھٔٹِ کران ۔ لٔکن ہُنٛز ژٕلیہِ ژٕرٹ آسنس ستی ستی آسہِ تسی بُجہٕ ہٕنٛدِ قلیچ کتھ سپدان یُس نِشہِ سہٕ کیٛنہہ دوٚہ بروٚنٛہہ گوٚمُت آسہِ ۔ پُشہِ سپدِ یہِ سورُے تمی ساتہٕ ییٚلہِ نہٕ تس معیادس پیٹھ زِ کیسر آسن ۔ تس ہے لازمی طور غش گژھِ ، یِیہِ نہٕ پتھرلاینہٕ تہٕ اِدکیاہ ؟ اِدتی چھِ یم تاوَن زد پننہٕ شکیچ بنیاد بناوان ۔ خاَر ژھٕنٛکھ بلاے ۔ پننہٕ ژٕ دپکھ مےٚ چھُنہٕ امیک محسوٗس یہِ چھےٚ پزی کنٛز پریشانی ہُنٛز کتھ مگر روڈیا اگرے بوٚ چانہِ جایہِ آسہٕ ہاوٚ ترٛاوِ ہایمن ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اُسن نتہٕ کرِہکھ امہِ کھوٚتہٕ بتر بوٚ لایہِ ہایمن احمقن بِتھس تھوٚ کہٕ ۔ اَکی لٹہِ نہٕ پوٚرٕ بُتھ تھوٕ ہکھ تھوٚ کو ستی بٔرتھ ۔ بوٚ تلہِ ہایمن مُشتو ستی دُہہ پیٚیہٕ ترِہکھ نہٕ زُمن فِکرِ تہٕ موٚ کلاوِ ہا سورٕے نیاے ۔ خاَر دِکھ پننہِ بلایہِ ۔ موٚ ہیٚے دِلس پیٹھ ۔ ژھٕنٛکھ کوٗلِل ہوٚتن بلاے ۔ کوٗلِل بے شرٛم" ۔

"دُنیستام روٗ دسورے ٹھیکے" رَاسکولنکاف لوٗگ أندری سونچنہِ ...... "دونہٕ کوسہٕ بلاے اَنکھ ؟ تم کرن پگاہ مےٚ پیٚیہِ جرح" رَاسکولنکافن وون تلخی سان ...... "پزیا مےٚ تمن نِشہِ صفائی پیش کرِنی ؟ ۔ ہنہ ..... زیمی تافس نِشہِ گرمےٚ ریستورانس منٛز راتھ

صفائی پیش مےٚ چھُ ونہٕ تتھ پٹھ مَتھ گژھان''۔

''ہے کھیٚنہٕ ژِ کتھ......بوٚ کرِ پرافری لیس ستی پانَے کتھ۔ بوٚ کڈٕ تہندِ ذیٚہنہٕ منزٕ یہِ خیالہٕ نبر۔ مےٚ چھُ سہٕ پیٚن نکھ پھیوٚک مانان۔ سہٕ ونہٕ مےٚ رژھ رژھ زِ ذلیل کیا چھےٚ۔ ووٚنی یوٚ تام زن زیٚمی تاف سُنٛد سوال چھُ......''۔

''اخرس تہٕ گوٚ ویٚتہِ ظوٚنس'' رَاسکولنکاف لوٚگ سونچنہٕ۔

''ہے ٹھٔہر۔ قدم ٹھہراو'' رَازوٚ منہمن ووٚہنس پھیکس تھپ ترأوِتھ......'' ژِ کر لوٚت۔ غورٕ فکر کرِتھ چھُ فکرِ تران زِ ژیےٚ سمجھت غلط۔ اہنسا بالکل ژِ ے چھُکھ غلط سمجان۔ تلہٕ سامےٚ ونتہٕ اَتھ منزٕ کُس ژھل یا کوسہٕ فساون گری اُس تتھ ناکأری گرن متعلق سوال پرژھنس منزٕ۔ خدارا ونتہٕ مےٚ ژٕ اگرے زن سہٕ قتل ژیےٚ تہِ کوٚ رمُت آسہِ ہَتھ۔ پتہٕ ونہٕ ہَکھہٕ ژٕ مےٚ وُچھ رنگساز اُسی تتھ فلیٹس گچھ کران...... تتھ برعکس اگرے وُچھمتی تہٕ آسہِ ہَنے ژٕ ونہٕ ہَکھ مےٚ وُچھنہٕ کہنٛژ۔ تِکیا زِ پانسے برخلاف کُس ہیکہِ شہادت دِتھ۔ تہٕ چھابنیو مُت؟''

''ہرگاہ سہٕ خوٗن میٖیےٚ تہِ آسہِ ہے کوٚ رمُت۔ بوٚ ونہٕ ہے تیٚلہِ ضروٗری زِ مےٚ وُچھ کأری گر اُسی کأم کران تہٕ فلیٹ اوس یلےٚ''۔ رَاسکولنکافن دِیتنس نفرت تہٕ نفرتہٕ سان جواب۔

''مگر ژٕ دِ ے ہَکھہٕ پانسے خلاف گوأہی؟''

''نہ تہِ چھنہٕ کتھ بلکہِ چھُ میون خیال زِ لنأڈ کی تہٕ ناتجربہٕ کار مُلزم ہے چھِ تفتیش وِزِ پرتھ کُنہٕ سوالس منزٕ اتھس پیٹھ نکار کران۔ ووٚنی ہرگاہ آدم رژھا سونچن وول تہٕ تجربہٕ کار آسہِ سہٕ کرِ ضروٗر تمن عام کتھن ہُند اقرار یمنہٕ پسِ پشت تراونہٕ ہیکن ییتھ۔ بلکہِ کرِ سہٕ تمن ہنٛز وضاحتہٕ نوِ انمانہٕ۔ کتھِ دِیہِ خلاف توقع ولہٕ گتنٛ تہٕ اَکھ اَکھ کتھ بناوِ سر ساوٗد۔ اَکھ اَکھ لفظ ونہٕ اکہٕ اکہٕ پہاڑُک اوٗتاہ وزن دار۔ لفظن ہُند نوٗوے مانہٕ تہٕ

نوٗوُ ے دنیاہ کرِ پٲدٕ۔ یتھ سوال کرن وول ترٛبن تہٕ ترٛوٲہن پیہِ تہٕ تس یہِ نہٕ پننہِ مطلبچہ کتھٕ ہُند پنٕنی اتھَ پرافری ییس آسہِ ہے پتاہ بوٗ تہٕ کرِس اقرار تہٕ ونِس مےٚ وُچھ تم اُسی کام کران تہٕ تس دِمہٕ ہاپننہِ صاف گوئی ہُند باور تہٕ تمہِ پتہٕ کرِ ہاپنٕنس حقس منٛز صفائی پیش۔

''مگر سُہ ونہِ ہی فوراً زِ دوٚہ برونٛہہ اُسی نہٕ تتہِ کاٚرئ گرلہٰذا آسہٕ ہکھ ژٕ تتہِ بجہٕ ہُندِ قتل سپد نکہِ دوٚہ شامنس اُٹھِ بجہِ ہیوٚ۔ تہٕ لاگہی پتہٕ پرژھ گاٚر کرُن۔ تو ریہِ فِکرِ''۔

''بالکل سہٕ اوس تِی یژھان۔ زِ بوٚ دِمہٕ سونچنہٕ کرنہٕ ورأے تہِندِ منشہِ مُطابق جواب تہٕ یِمہِ کتھِ ہُند روزِ ہم نہٕ دیانے زِ دوٚہ برونٛہہ کتہِ آسہٕ ہَن رنگساز تتہٕ''۔

''مگر ژےٚ کتھٕ گژھی تہِ مشرب؟''

''بڈٕ کتھ اُس نہٕ کینٛہہ۔ برمان چھُ انسان گاہے۔ کم کم داناے ڈٕہر چھِ یمہِ معموٗلی کتھن پٹھ زالہٕ لگمتی۔ زیادٕ چالاکن چھےٚ نازیادے وسان۔ انسان چھُ سونچان یمن معموٗلی کتھن پٹھ کُس گس ہیکہِ کاٹھس کھاٗلتھ مگر ییے لوکچہٕ کتھٕ چھِ بڈٕس تاونس لاگان۔ پرافری چھُ سبٹھاہ چالاک انسان سہٕ چھنہٕ تیوٗت بیوقوف یوٗت ژٕ سمجان چھکھ......''۔

''اِد سہٕ چھُ تیلہِ بڈٕ مکار تہٕ بدمعاش کولل''۔

''رَاسکولنکافن ہیوٚ کنہٕ اُسن رُکاٗوِتھ تہٕ ستی اوس سہٕ پننہِ صاف گوئی تہٕ پنٕنس جُرمس پٹھ حاٗران۔ تس باسیو اَمہِ آیہِ پنٕنز صفائی پیش کرٕنی عجیب۔ حالانکہِ حسبِ ضروٗرت روٗد سہٕ اَتھ ساٗرسے مجادلس دوران چالاکی سان خاص مقصدس تحت پننہِ نفرتہٕ تہٕ بےٚ زاری ہُند تہٕ اِظہار کران۔

''کینٛہہ پہلو چھِ ویسے سبٹھے مزٕدار باسان'' سہٕ لوٚگ پانی پانس ستی سونچنہِ۔ مگر اُتھی موقعس پٹھ سپز تس اچانک پاٗٹھی بےٚ چینی۔ زنتہٕ گمی تام خطرناک خیالن یمیک نہٕ تس تو قعہ اوس ساٗرسے جسمس دُنہِ دُنہِ تُل۔ تُہنٛزِ بےٚ چینی منٛز روٗدُ ہر برسپدان۔ یتیس

کالس وٲتۍ تَم بیکالیفنہٕ کرایہِ خانچہ برنہٕ تل۔

"ہے اندر ٲژ ژٕے یوت وُنی کبس"۔ رَاسکولنکافن وون دفعتاً رَاز و مہنس کُن ....."بوٗ واتے وُنی واپس"۔

"مگر ژٕے کوٗت چھےٚ گژھُن۔ یہِ کُس طریقہٕ گوٚ وٲسی ہے وونی وٲتی"۔

"نہ..... نہ.....بوٗ ہیکنہٕ رُکتھ۔ مےٚ چھےٚ اَکھ اہم .....کأم .....بوٗ واتہٕ اڑِس گنٹس اندر رواپس۔ تِمن وٲنی زِ"۔

"نہ سابابا۔ ژٕے یہِ خوش گژھی تہٕ وَن مگر بوٗ تہٕ یمہٕ ژٕیےٚ ستیٚ"۔

"ژٕ تہٕ چھکھہِ مےٚ ایزا دیُن یژھان"۔ یم لفظ ونان ونان سپُد توٚہنٛد لہجہ یُتاہ تلخ تہٕ اُچھن پھیرِس تیزٕ اسورخی زِ رَاز و مہنن گوٚ ورٕہتھ تمٕ تُل رَاسکولنکافنہٕ پھکہِ پیٹھ یکدم اتھ تھوٚد۔ سہٕ رٕوٗد برانٛدٕ پاوٕبن پیٹھ ووڈِنی کینژس وقتس رَاسکولنکافس وُچھان۔ سہٕ اوس تیز تیز قدمو پئنس ڈیرِس کُن پکان۔ تس آسہٕ زنگہٕ اورٕ یور لاینہٕ یوان۔ رَاز و مہنن کوٚر دنٛد ٹکِتھ تہٕ موچھہِ زٕوٗٹھ پرافری لیس اُزی امیک بدلہٕ ہیٚنگ تہٕ سہٕ بتہٕ میٚچہٕ ہُنٛدی پاٗٹھی چیرنک وعدٕ تہٕ بلآخر کھوٚت ہیور پلشیر یایہِ بیٚیہ دِلاسہٕ مدار کرنہِ۔ سو اُس یہنٛدِ نہ یِنہٕ سببہٕ سخ پریشان تہٕ اکہِ بالہٕ وسان تہٕ بیٚیہ بالہٕ کھسان۔

رَاسکولنکاف یِیلہِ گرٕ ووت تس اوس عارقہٕ سران گوٚمُت۔ مس اوُسس چھلنہٕ آمُت تہٕ شانٛش اُسس کھُرٕ مژ۔ سہٕ کھوٚت بانٛبرٕ بانٛبرٕ ہیرن تہٕ ژاوٕ پئنس کمرس اندر یَتھ کُلف یِلے اوس تہٕ بہٕ یکدم کوٚر نس اَنٛدری تور۔ واہ سوٗرِتھ تہٕ ترہرتھ گوٚ وسیوٗ دُے کوٗنس منٛز یتھ وُلس کُن یتیتھ کاغذس پتھ کُن مالِ مسروقہٕ تھومُت اوسُن۔ وُلس منٛز ترووُن اتھ تہٕ کینژن منٹن دیُتن اتھ وارٕ زول امہٕ وُلہِ چیٚن ترٕبن تام دِژن نظرٕ تہٕ تلمہٕ تام پھِربن۔ یِیلہِ اتہٕ کہنٛی چیزٕ وُچھن نہ.....تس گوٚ واطمینان تہٕ زیوٗٹھ شاہ ہیتھ ووٗتھ تھوٚد۔ بیکالیف سُنٛدِ مکانہٕ کِس برانٛدس پیٹھ واتنہٕ وِزِ اوس تس خیال آمُت زِ بناں

چھُ کانٛہہ چیز...... چین، یا بٹُن یا کانٛہہ ترٛٹھ کاغذ تلم یتھ پیٹھ بجہِ کانٛسہِ گراکہٕ سُند ناو لکھِت تھوومُت آسہِ ہے ما آسہِ اتی رٕوُ دمُت یا گُنہٕ تر یہِ منٛز بنٛد گوٚمُت تہٕ پتہٕ گوٚ ژھ نہٕ سُہ شامتِ اعمالہٕ کِنی شوٗٹھس خلاف ٹھوس ثبوٗت بنُن۔

سہٕ پیٛلہِ اِستادٕ سپد سہٕ زن اوس خیالن منٛزٕ گتہِ منٛز روومُت۔ تہنٛز حالت اُسی عجیب۔ تہنٛدِس بتھِس پیٹھ اُسی پریشانی ہنٛدی آثارٕنٛ تہٕ بدلے انمانہٕ وُٹھ گُمناوتھ تجن بلاغرا تھس کبتھ ٹوٗپی تہٕ درٛ اوکمرِ منٛز نبر۔ تہنٛد بن خیالن اوس کھر آمُت۔ ڈیڈ نبر نیرنہٕ وِزِ زنتہٕ اوس سہٕ نبند رِ۔ سہٕ اوس مکمل پاٹھی فراموشی ہنٛدِس حالتس منٛز۔

''ہے سہٕ چھُ ییکیا'' کمی تام ووٚن کرٛکھ دِتھ۔ راسکولنکافن ٹُل کلہٕ تھوٚد۔ تمی وُچھ دربان اوس پننہِ کوٹھرِ ہنٛدِس دروازس پیٹھ اِستادٕ رٕوُزِتھ پانس برٛ ونٛہہ کنہِ کِس پست قدِ نفرس راسکولنکافس کُن اشارٕ کران۔ پست قد نفر اوس کاری گر باسان۔ تس اُس سدری تہٕ اتھ پیٹھ زیوٗٹھ کوٹ نالِ۔ دوٗرِ اوس سہٕ بالکل اکھ زنانہٕ باسان۔ ژھوٚٹِہ قدِ سببہٕ اُس تہنٛدِس کلس پیٹھ گنٛدٕ ٹوٗپی زنتہٕ قبرِ منٛزٕ وٕتھمتس نفرِ سُنٛز شانٛدٕ گنی باسان۔ بتھِ چھوٚگینٛو تلہٕ اوس وُہرِ پنٛژاہہ باسان۔ کھلہِ بتھِ کِس ورمس منٛز آسس اُچھ زنتہٕ غائب گامٕژ۔ اوٚژھن اُچھن منٛز اُسس سنگدلی، بےرحمی تہٕ بےزاری ہنٛدی آثارٕنٛ۔

''ہے کیاہ ذلیل'' راسکولنکاف لوٚگُھ دربانس نِشہِ گرٛھِت پرٛژھنہِ۔ اُمی نفرن ترٛاوٹار یوٚتلی راسکولنکافس نظرہ۔ سُنی پاٹھی ہیرِ بوٚنہٕ نظرہ کرنہٕ پتہٕ پھیوٚر پتھ گُن تہٕ لوٚت لوٚت درٛ اوکینٛہہ وننہٕ کرنہٕ ورٲے ڈیڈ نبر کوچس منٛز۔

''اخر ذلیل کیاہ چھے'' راسکولنکافن پرٛژھنکھ خشمہٕ سان۔

''خبر یہِ اوس مےٚ پرٛژھان ییٚتہٕ چھا کانٛہہ طالب علم روزان تہٕ وونمس چون ناو۔ اِدٕ مےٚ وُچھکھ ژٕ یوان تہٕ ہاویمَس ژٕ ےٚ کُن۔ تعجب چھُ ووٚنی ژوٚل یہِ کینٛہہ وننہٕ کرنہٕ ورٲے نبر''۔

دربان تہٕ سپُد حأران مگر تیوٗ تاہ زیادٕ نہ تہٕ منٹس کھنڈس حأرأنی ہُند اظہار کٔرِتھ ژاوسہ ُ واپس پننہٕ کوٗٹھرِ منٛز۔

رٕاسکولنکاف سیٚد یوٗ اُمس اجنبی نفرس پتے۔ تہٕ رٕاسکولنکافن کوٗ ڈسہ ُ فوراً ونہ۔ سہ ُ اوس سڑکہِ لپاأرمہِ انٛدٕ تیتھے پأٹھی گوٗبٕی گوٗبٕی قدم تراوان پکان۔ نظر أسس بوٚن کُن تہٕ باسان اوس خبر کتھ خیالس منٛز اوس بیپرٕ گوٗمُت۔ رٕاسکولنکاف ووت کُنی ووٹِھتس نِشہِ تہٕ کینژس وقتس پوٗک لوٚت پأٹھی تس پتہٕ پتہٕ۔ أخرس لوٚگس لرِلوٚر پکِتھ بتھس مدأے گنڈِتھ وُچھنہِ۔ سہ ُ نفر گوٚ ویکدم ظوٗنس تہٕ اُمس کُن نظر اکٔرِتھ لوٚگ بیٚیہٕ أچھ بوٚن کُن ترأوِتھ پکنہِ۔ تتھ کنہِ پکی تم منٹس کھنڈس لرِلوٚر کینہہ وننہٕ کرنہٕ ورأے۔

’’تہٕی چھِوٕ...... دربانس...... مےٚ متعلق پرژھان أسمتۍ‘‘ أخرس پرٛژھنس رٕاسکولنکافن ژھوٚپہ ٹِلھ دِتھ......بڈٕ نرمی سان۔

درجواب ووٚہنس نہٕ تٕمی کہنہٕ تہٕ نہ تجبن نظرے تس کُن......بیٚیہ رُوٗ دی دوشوے ژھوٚپہ دٕم کٔرِتھ پکان۔

’’تہٕی کیاز أسی وٕ آمتۍ......تہٕ مےٚ کیازِ أسیوٕ ژھاران......ژھاران اگرے أسیوٕ تہٕ ووٚنی......وونی کوٚنہٕ چھِوٕ کینہہ ونان......امیُک مطلب؟......مےٚ زٕن توٚ رنہٕ فکرٕ‘‘۔

رٕاسکولنکافس پھُٹ شاہ......تس گیہِ لفظ زِوٕ کڈٕنی سبٹھاہ مشکل۔ وُنی کبس تُجہِ أمی نفرن أچھ تھوٚد تہٕ ترأوِن رٕاسکولنکافس کُن نظر۔ تِہنزِ اتھ نظرِ منٛز أس نحوست پرپڈان۔

’’خوٗنی‘‘، تٕمی ووٚن رٕاسکولنکافس بٕنیِل پأدٕ کرن وول یہِ لفظ صاف تہٕ واضح آوازِ منٛز۔

رٕاسکولنکاف روٗد بیٚیہ رژھاتس ہتی ہتی پکان مگر تس نٕٹے یہِ زنگہٕ تہٕ کمرس پھٔٹس ترٕ گٔنڈی تہٕ رُمس کھنڈس باسیوتس زن دِلے ہتھ گوٚو۔ اما ہتی لوٚگس دِل پرٕنہٕ

پأٹھی دکہٕ دکہٕ کرنہٕ یِتھۍ پأٹھی زنتہٕ اُتھ پیٹھ کانٛہہ دسگاہی اوسس نہٕ۔ قریب یکۍ تم مزید قدمہٕ ہتھا اَکھا أکِس لرِ لوٚر مگر دوٚیو منزٕ تُل نہٕ أکی تہٕ وُٹھ پیٹھ وُٹھ تھوٚد۔ سہٕ نفر اوس نہٕ رَاسکولنکافس کُن وُچھان تہٕ۔

"مُراد؟..... ژٕ کیاہ چھُکھ ونان..... مےٚ..... میون مطلب چھُ..... خوٗنی کُس چھُ"..... رَاسکولنکافن پرژھنس دنڈٕ وی ٹُوی۔

"ژٕ..... ژٕ چھُکھ خوٗنی" تمۍ ؤنی یم لفظ صاف پأٹھۍ تہٕ زور دِتھ۔ وُٹھن پیٹھ أکِس پیٹھس مقصدس منٛز کامیاب سپدنٕچ اَسن ترااے۔ تمۍ ترٲو رَاسکولنکافنس زردیمتس بُتھس تہٕ لوسمژن أچھن کُن دُبارٕ نظر۔

یتیٚتس کالس وأتی تم ژوٚئِ تس پیٹھ۔ سہٕ نفر دژاو یتھ کُن نظر دِنہٕ ورأے کھوٗر کُن۔ رَاسکولنکافن ٹھٕہراوۍ قدم تہٕ ہے بنگہٕ گژھِت رٕوٗدتس وُچھان۔ قریب قدم پنٛژاہ مرٕ گژھِت دِژ تمۍ پوٚت نظر تہٕ رَاسکولنکاف وُچھن وُنتہٕ أتی اِستادٕ۔ رَاسکولنکافس اوس گوڈے أچھن انہٕ گوٚٹ گوٚمُت پیٹھ ییلہٕ سہٕ نفر دوٗر ریوو ونی اوٗسس نہٕ صاف پأٹھی کینٛہہ بوزنہٕ یوان مگر محسوٗس ہیوٚگوس زِ تمۍ نفرن گُمناوۍ گوڈنِکی پأٹھی بیٚیہٕ وُٹھ تہٕ تہنٛز یہٕ اَسن ترااے أس تہنٛز سنگدلی بےٚ رحمی تہٕ پیٹھس مقصدس منٛز تہنٛزِ کامیأبی ہنٛز باوَتھ کران۔

رَاسکولنکاف دژاو پھٕٹمتو کوٹھیو پیٹھس ڈیرس کُن۔ زنگہٕ آسس نٹان تہٕ سأرسے پانس زن دیتنس تیٚز بُرِتھ۔ پتہٕ کوٹھرِ منٛز وأتِتھ وأجن کلہٕ پیٹھ ٹوٗپی تہٕ تھاوِن میزس پیٹھ۔ قریب داہ منٹ رٕوٗد سہٕ کمرس منٛز کتھ تام خیالس منٛز پیٹھ أکِسے جایہٕ اِستادٕ تہٕ پتہٕ دیُتن یہٕ ڈٕلِی زِ تہٕ صوفس پیٹھ پان دأرِتھ تہٕ کوٚڈن زنگن واش۔ تس أس مُزم مُزم دگ باسان۔ قریب أڈِس گنٹس رٕوٗد سہٕ وُتھے کنہٕ صوفس پیٹھ ڈاف ترأوِتھ۔

یتھۍ پأٹھی اوس نہٕ سہٕ وُنی کیٚبس رکھنٛی سونچان ووگلوتہنٛدس دِمٲغس منٛز أسی کینٛہہ

خیال یا خیالن ہُنز زتنہِ، کینژہ تصوٗریمن نہٕ کانْہہ ربط یا تریب اوس گتہٕ گیوٗرکراں۔ تہنزن اچھن تل آسہٕ بےٚ شُمار شکلہٕ پأدٕ گژھان...... یمہٕ آسہٕ تمِنٕے لوٗکن ہُنز یم تمی لوکچارس منز وُچھمتۍ أسی یا یمن ستۍ تس مسا اکہِ پھرِ ملاقات سپدٕ مُت اوس تہٕ یم نہٕ ووٗنی تس یادتہِ أسی۔ تس کیاہ کیاہ پیٚو نہٕ یاد تہٕ تہنزن أچھن تل کوسہٕ جاے آیہ نہٕ۔ مقام ''وِی'' گرجاگر، ریستورانٹ بلیرڈس گیمہٕ ہُنٛد میز، زیرِ زمین تمأ کی کارخانٕک تمأ کی پھکھ، شراب خانہٕ، اکھ گٹ وردار ہیر یتھ گنڈٕ آبہٕ تہٕ ٹھوٗلہٕ کنجوٗ ستۍ گانڈٕ ژھہرٕ تہٕ رٕکن أس۔ کنن آسس کمہِ تام گرجا گرچہِ آتھوارِ ہُنٛدِ عبادتچہِ آواز گژھان...... یمہٕ شکلہٕ آسہٕ اکھ أکِس پتہٕ پأدٕ گژھان۔ یمہٕ آسہٕ طوٗفانکۍ پأٹھۍ یوان تہٕ گژھان۔ یمو منز نیوٗ واریاہو تسُنٛد دِل مُہتھ تہٕ سہٕ اوس یمن موچھہِ منز رٹُن یژھان مگر تمہٕ آسہٕ ستۍ غأب گژھان۔ تمِس زن أس أندری کوسہٕ تام بلاے کوٗران تہٕ وچھس تچھن ٹلان مگر یہِ تچھن اوس نہٕ پریشان کُن بلکہِ خوشہِ وُن تہٕ خوش أنداز۔

رازومنہن اوس ہیرِ تیز تیز کھسان تہٕ راسکولنکافن پرژناو دوٗری تہنٛد بن قدمن ہُنز آواز۔ تمی کرِ أچھ بنٛد تہٕ لأجنۍ ٹلی نبندر۔ رازومنہن مژر وو درواز اما کینژس وقس روٗ دوٗٹس منزٕ ے اِستادٕ باسان اوس زِ کمرس منز اژنس اوس پس وپیشی کراں بلاآخر ژاولوٗت لوٚت کوٹھرِ منز تہٕ ستھ تہٕ بہتھ کرنہٕ روس گوٚ وصوفس کُن۔ راسکولنکافس گیہِ نستاسیہ ہُنز لوٗ ژمگر مٔدر آواز کنن۔ سوأس ونان۔ ''موٚ گریوٗ أمِس زیر۔ دِی یوٗس شونگنہٕ۔ بتہٕ کھیٚیہ ژیری بأ گی ییٚلہِ ہُشیار گژھِ''۔ ٹھیک چھُ'' رازومنہن ووہٕتس درجواب۔ دوشوے دژأ ے لوٚت لوٚت قدمن ہُنٛد صدا کڈنہٕ ورأے نبرتہٕ کوٚرکھ درواز بنٛد۔ ییٚیہ اوڈ گنٹا گوٚو۔ راسکولنکافن مُژراوِ أچھ۔ سہٕ بیوٗٹھ پتھ کُن ڈٕکھس تہٕ اتھہٕ زِ گنڈِتھ بنوٗ ون نربن دون ژوک تہٕ تھاوبن کلہٕ پتۍ کنی۔

'' سہٕ کُس سنا اوس؟ أخر کُس سنا پھوٚٹ یہِ زنتہٕ زمینہٕ۔ أمی کتہٕ تہٕ کیاہ چھُ

وُچھمت ......ہنہ......وونگویہِ کتھ چھِ ٹاکارٕ زِ أمی چھُ سورُے تماشہِ وُچھمت۔ مگر سُہ کتہٕ اوس تمہِ ساتہٕ۔ سہٕ سُہ کتنہٕتھ اوس وُچھان۔ تہٕ یہِ کیازِ گوٚ وونی بوٚ دتیلہِ۔ گوڈٕ چھس بوٚ سونچان یہِ زِ کتھہٕ ہیکہِ ہے وُچھتھ۔ تیُتھ اوسا کانْہہ اِمکان؟......ہنہ......''

رَاسکولِنکاف رُدُ برابر پانْی پانس سوال کراں۔ تس دِتُن ییہِ سأری پانس تیٚ بَرتھ تہٕ وُژہس تھرِ.....نکولا ین یتھٕ کنْز زیورن ہُنْد ڈبہٕ دروازٕ پتہٕ گنہٕ تُل......تہٕ اوسانہٕ ممکن؟ اَکھ سراغ۔ اَکھ معمولی کتھ ہیکہ نہٕ ژٕ فراموش کرِتھ یہِ ہیکہِ اَکھنوٚن تہٕ بارٕ ثبوٗت ثأبت سپدِتھ۔ اَکھ مچھا چھِ سو کأم کرنہٕ وِزِ لیأری پکان تہٕ سورُے معاملہٕ وُچھان۔ چھا یہِ ممکن؟'' دفعتاً گوٚ وتس ظوٗن زِ سہ کوٚتاہ کمزور چھُ گومُت۔ نِل وُسخان أسس زنتہٕ یہِ بیٚون بیٚون۔''مےٚ پزِ ہے گوڈے یہِ خیال کرُن'' سہ سپد پانْی پانس بیزار۔ تہنْدِ بن وُٹھن پٹھ أسی تہنْدِ أندرمہِ پریشأنی تہٕ تہنْدِ کرٚچھرِ کی آثار ژٕنی......''مےٚ کتھٕ کوٚر امیک جرعت۔ میےٚ أس پننہٕ پانٕچ خبر۔ مےٚ اوس پوٗرٕ علِم بوٚ کیاہ چھس تہٕ کیاہ بنہٕ۔ مےٚ کوس حماقت گٔر۔ مےٚ کتھٕ تیٚ مکھٕ تہٕ خوٚنہٕ کولہٕ واجہِم......مےٚ پزِ ہے نا گوڈے سونچُن۔ وأے مےٚ کیاہ اوسنا پتاہ......بوٚ ہے پوٗرٕ پأٹھی زانان اوسُس۔ مگر توپتہٕ تہٕ کوٚر مےٚ تیٚ ییہٕ مےٚ کرُن پزِ ہے''۔ مویوٚسی ہٕنْدِس عالمس منٛز اوس سہ وُٹھ پھسرارے کران۔ گنہِ وِزِ اوس سہ أکِس خاص خیالس پٹھ تھامہِ گژھان۔

''نہ......نہ......تِمن لوٗکن ہٕنٛز خمیرٕ ے چھےٚ الگ آسان۔ تِم حقیقی فاتح، سمأجی تبدیلی پأدٕ کرن وألی چھِ بدلہٕ کمہِ تام آڈرِنہٕ ہٕنْدی آسان یم لوٗکھ أچھی ٹٕہٕ وارِ منٛز پیرِسس منٛز قتلِ عام کرن۔ مِصرس منٛز پنُن فوج ترأوِتھ ژلن۔ رُوسچہِ مُہمہِ منٛز پانژن لچھن نفرن تہِ تیٚغ کرن۔ vilnaوأتتھ پوٚت ہٕنن۔ پتہٕ یِن تمہِ باوجوٗد تہنْدِس مرنس پتھ تہنْدی مجسمہِ گرنہٕ تہٕ ژوتین پٹھ تھاونہٕ۔ تِم چھِ کمہِ تام الگ میژٕ ہٕنْدی آسان۔ تِمنے چھُ پرتھ کتھِ ہُنْد اجازت آسان۔ تِمنے چھِ مرِد آہن ونان۔ یم لوٗکھ چھِ نہٕ دراصل

ژمہِ تہٕ ماز کی آسان بلکہِ چھُ تہنٛد بدن فولادُک آسان۔

اچانک پأٹھی یہِ بے ربط خیال ہٕنس پیٹھ ژول تس یہِ ڈٖپ زِتہٕ اُسن کھنگالہٕ نیٖرتھ۔

''نیپولین، احرامِ مصر تہٕ رہنس پیٹھ چیز رٹن واجبن تہٕ مرنہٕ دادِ ہوٚ چھمٕژ زس پڑ یہِمس مُسلس گبنہِ آسہٕ گمژ تہٕ یوسہٕ ووزلہِ رنگُک صندوٗق پلنگس تل تھاوان آسی۔ گُس سناواٹھ چھُ اتھ۔ ہنہ...... پرافری پیٹر وِچ سٔندِ گوٚ چھُ مصالحہ تیار سپد مُت۔ مگر یہِ کتھٕ شرٔ پیٚیکھ؟ کُکونی چھےٚ کنہِ شرٔ وپان۔ اتہِ چھِ چالاً کی پتھر پیوان۔ ہنہ...... نیپولین چھُ أکِس بُجہِ ہٕنٛدِس بیڈس تل چھپنہِ اژان۔ توباہ...... کوٗتاہ نفرت انگیز''۔

منٛزی اوس تس باسان زِ سہٕ چھُ تپہٕ سٔتی دزان...... سہٕ لوٚگ خیالن ہٕنٛز گتہٕ منٛز ہیٚنہٕ یِتھی سونچنہِ ''لتس بُجہِ چھےٚ نہٕ کہنٛہ اہمیت۔ یہِ چھُنہٕ کہنٛہ معاملہٕ'' سہٕ لوٚگ گرجوشی تہٕ نفرتہٕ سان سونچنہِ۔ ......''سو بڈٕ اُس زمینس پیٹھ بار، شاید ملک الموتس مشرب گأمژ لہٰذا چھُنہٕ یہِ کانٛہہ اہم سٔتن لایکھ معاملہٕ۔ سو بُڈ اُس بمار یو کھیأمژ...... مگر...... مےٚ گُر وتاؤلی...... مےٚ پزِ ہے نہٕ تہِ کرُن...... مےٚ کوٚر نہٕ أکِس انسانہٕ سُند قتل بلکہِ اکہِ اصوٗلُک...... آ...... مےٚ کوٚر اکہِ اصوٗلُک قتل۔ لاحاصل قتل۔ توپہٕ تہِ ہیٚوگُس نہٕ کانٛہہ قلعہٕ سَر کرِتھ۔ بورژوٗ دُس توتہِ یپاری...... مےٚ اُس فقط خوٗن کرنٕچ صلاحیت...... آ...... مےٚ ہیٚوک صرف خوٗن کرِتھ۔ صاف پأٹھی چھُ بوزُن تگان زِ مےٚ اُس نہٕ شاید تتھ...... اوٗصوٗلس پیٹھ تہِ عمل کرنٕچ صلاحیت...... سہٕ بیوقوف رَازوٗ منہنن کیاز سنا اوس اشتراً کی لوٗکن لبکہٕ ژاران؟ تمن کیاہ خطا چھُ...... تم بچأری چھِ تجارتی تہٕ کاروبأری مٔنوی۔ تم چھِ سارنے ہُنٛد رٕژر کانچھان۔ پزٕتھ کانٛسہِ خوش تہٕ شادوٗ چھِن یژھان۔ مگر مےٚ چھِ زندگی اکہِ لٹہِ میٚژمٕژ۔ تہٕ دُبارٕ یہِ میلنُک چھُنہٕ سوالے پأدٕ سپدان۔ لہٰذا چھُس نہٕ بوٚ عالمُک دود پانس پیٹھ ہیٚون یژھان۔ مےٚ چھنہٕ عام لوٗکن ہُنٛز خوشی باپتھ پرارنٕچ کانٛہہ خأہش۔ بوٚ چھُس فقط پنہِ باپتھ زِندٕ روزُن یژھان نتہٕ روزِ امہِ کھوٚتہٕ بہتر یہِ وُنن

زِ مےٚ چھُنہٕ زندگی ہُندُ ے کانٛہہ تمنا۔ بوٚ چھُس مرُن یژھان۔ بوٚ ہیکن نہٕ فاقہٕ کشی کرن واجبن موج مشرأوِتھ تہٕ بوٚ ہیکہٕ نہٕ پننِن مصیبتن پھٹ بنأوِتھ تتھ ستیٚ ڈوکھ ترأوِتھ کاینا تکہِ رژُرُک اِنتظار کرِتھ۔ بوٚ تہٕ چھُس سارِنے ہنٛز خوشی ہُندِس محلس اَکھ سیر اڈلاگان تہٕ اوےٚ کِنی چھُ لہٰذا میون دِل مطمین۔ ہا ہا...... توٚہہ کیا زِ دِتوٚ مےٚ ژلنسے موقعہٕ؟ بوٚ کتہِ لگوٚ وونی اتھِ ...... مےٚ چھُ پتاہ زندگی چھےٚ نہٕ گرِ گرمیلان۔ بوٚ تہٕ چھُس یژھان...... آخ۔ بوٚ چھُس دراصل اَکھ زوٚ ویوسہٕ دوٚیمبن ہُند خوٗن ژٕہتھ زِندٕ روزان چھِ۔ آ...... اَکھ زوٗ و بیٚیہٕ نہٕ کینٛہہ"۔ یہِ وٕنِتھ لوٗگ سہُ پاگلن ہنٛدی پأٹھی ٹھاہ ٹھاہ کران آسنہٕ ......" بالکل...... بوٚ چھُس خوٗن ژٕہن واجبن اَکھ زوٗ و"...... سہٕ رٕوٗد اَتھ کتھِ پھیر دِوان۔ تمیٚ کرأتھی خیالس تھپ تہٕ پانس اَکھ زوٚ وونکہِ خیالہٕ ستیٚ اوس راحت محسوٗس کران تہٕ سبٹھاہ خوش۔ گوڈنی چھِ کتھ یہِ زِ بوٚ ہیکہٕ صاف پأٹھی ثابت کرِتھ زِ بوٚ چھُس اَکھ زوٗ و۔ تہٕ دوٚیم یہِ زِ مےٚ ووت نیک تہٕ رٔتِس قودرتس پتمہِ اَکہِ رہتہٕ پٹھ تکلیف دِوان زِمےٚ روز یتھ کتھِ گواہ زِ بوٚ یہِ کینٛژھاہ کران چھُس تہٕ چھُس نہٕ پننہٕ ذاتی غرضہٕ باپتھ کران بلکہِ چھُس انسانیتکہِ رژرٕ باپتھ کران۔ مےٚ چھُ اَکھ بوٚڈ بارٕ تہٕ عظیم الشان مقصد۔ ہا ہا...... ترِیم اوٚ کِنی زِمےٚ تُل پرٛتھ کانٛہہ قدم سوٗنچِتھ سمجھِتھ تہٕ میٚنتھ تہٕ توٗلِتھ۔ یُتاہ میانہٕ ڈسی ممکن اوس تیٚوتاہ کرِ مےٚ یہِ کام مبنی بر انصاف سپدنچ کوٗشش۔ دُنیاہچ یو زوٗ و اندر کوٗر مےٚ أکِس کمزور تہٕ بیکار زوٚ وِ ہُند اِنتخاب تہٕ مےٚ اوس گوڈے قصد کوٗرمُت تیٚوتے مال ژُلِتھ اِنگ یُتاہ مےٚ گوڈِنکس مرحلس پٹھ ضروٗرت اوس۔ تمہِ کم یا زیادٕ نہٕ اَکھ رژھ۔ (یُتھ زَن باقے رقم تہنٛزِ وصی یتھ مُطابق کُنہ خانقاہس دِنہٕ ییہٕ ہے...... ہاہا) تہٕ بیٚیہٕ کیاہ ثبوٗت چھُ زِ بوٚ چھُس اَکھ معموٗلی زوٗ و"...... سہٕ لوٗگ دَند ٹکان وِنہٕ ......" چھُ ...... یہِ زِ شاید چھُس بوٚ تس معموٗلی تہٕ لاغر زوٚ وِ ہُندِ کھوٚتہٕ تہٕ بدتر تہٕ قابلِ نفرت۔ یوسہٕ مےٚ پننو اتھو مأرِتھ ژٕہنی۔ تہٕ مےٚ اَس گوڈے یہِ کتھ محسوٗس گرٕمُت زِ بوٚ ہیکہٕ پانس متعلق سوٗ پڈ

مارنہٕ پتے کانٛہہ راے دِتھ۔ اما امہِ کِس دٕہشتس سٟتؠ، امچہِ خوفناکی سٟتؠ ہیکیا یہِ کُنٛیک مقابلہٕ کرنہٕ یتھ! یہِ چھےٚ بڑٕ ذلالت تہٕ حماقت۔ مےٚ چھُ ووٚنی تران فِکرِ زِ جنٛگی گُرِ ہن پٮ۪ٹھ سوار اتھن منٛز ننگہٕ تلوار ہیٚتھ جنگ بازن ہُند پیغمبر سُندِ یہِ ونُن مطلب زِ خدا چھُ قادرِ مطلق تہٕ کاینات کِہن سارنےٚ لۄکن پزِہ تسنٛزتابیداری کرٕنی۔ یِمن کوٚھن ہنٛزِ تھرِ تھرِ پٮ۪ٹھ نظر تراوٕنی تہٕ خدایس بروٗنٛٹھ کنہٕ سجدٕ ریز سپدُن۔ طاقتٕ دِنہٕ وول چھُ بس کُن خدا۔ پیغمبر سُند ونُن چھُ صحیح ...... سہٕ چھُ تمہِ وِزِ تہٕ حق بجانب یِیلہِ تمی کوچس کوچس منٛز فوج تروٗ وتہٕ گنہگار تہٕ بےٚ گوناہ معصوٗم لۄکھ تہنٛز کانٛہہ ذٔلیل مانٛنہٕ ورٲے تہیہِ تیغ کٔری۔ پیغمبرن ونیو کھ ......'اے زنگہٕ نٹہٕ ونولۄکو...... تُہنٛز کام چھےٚ اطاعت گذٲری کرٕنی تہٕ تُہی موٚکریۄ تمیک اورزۄ ے یِنہٕ تُہنٛدِ باپتھ چھُ۔ تمناتہٕ اۄ رِزُوے کرُن چھنہٕ تُہنٛز کام'...... اِدٕ بۄ کرِنہٕ ہرگِز تہٕ زانٛہہ تس بُجہِ معاف''۔

تس لۄگ مستس رُمس رُمس عارق ٹھنیچہِ وسنہٕ۔ وُٹھن اٲسس تھرِ تھرِ تہٕ یِم اٲسی دۄ رِدزان باسان۔ تہٕ اٲچھ آسس چھتس کُن درس لِگتھ۔

''موج تہٕ ببہٕ ...... ہنہ...... کۄتاہ سرٕ یہہ اوس مےٚ تہُنٛد۔ مگر ووٚنی کیازِ چھےٚ مےٚ تمن ہنٛز دٕ ے۔ مےٚ کیازِ چھےٚ تمہٕ دوٚہن اٲچھن کھران۔ آ...... آ...... مےٚ چھےٚ تہنٛز نفرت۔ مےٚ چھُ تہُنٛد وجوٗدٕ ے کھران۔ بۄ چھُسکھ نہٕ تمہٕ اٲچھن تل زرٕ ۄتھ ہیکان...... مےٚ چھُ یاد بۄ گوس ماجہِ نشہِ تہٕ گٔری مَس میٛٹھی ......تس نالہٕ موٚت کرانےٚ آو مےٚ خیال اگرےٚ تس امیک پتاہ لگہِ ......تیٚلہِ ......تیٚلہِ پزِ مےٚ تس یورے سٲرےٚ ذٔلیل وٕنٛنی ...... آتی چھُ جان۔ مےٚ پزِ تس سٲری کہٲنی وٕنٛنی ...... ھھم ...... گوٚ ناتس تہٕ گرٕ ھمیأنی بٲش گرٕ ھنی''۔ تمی وۄن مزید...... سہٕ اوس کیاہ تام یاد پاونٕچ سخت کوٗشش کران۔ باسان اوس زِ سہٕ چھُ ہوش بحال تھاونہٕ باپتھ جدو جہد کران...... ''اُفوٗہ...... تس بُجہِ ہنٛز کاٚژامنہِ مُچھ چھےٚ ووٚنی مےٚ۔ مےٚ چھُ باسان اگرےٚ سوٚ یِیہِ زٕ نمس یِیہِ بۄ کرن سۄ دُبارٕ

قتل۔ مگر سۆ بچأر لزواتا...... ہاے...... سۆ آیہِ اتھ منز ہێنہٕ...... تعجب چھُ مے چھنہٕ تسُند خیالٕہِ یوان زنتہٕ سۆ بچأر مے قتل کرِمژٕ ے چھێنہٕ۔ لزواتاتہٕ سۆنیہِ۔ غریب مگر شریف اُلنفس۔ کمہٕ خۆبصوٗرت چشمہٕ...... یمن اندر دۆری ہمدردی ہٕندی آثار لبنہٕ یوان أسی...... خوشہِ ؤنہِ تہٕ پریہِ ؤنہٕ خوتۆنہٕ...... مگر تمہٕ کونہٕ چھےٚ وِد روے کران۔ تمہٕ کونہٕ چھےٚ ماتم کران...... تمہٕ چھے سخی...... تھنزٕ اُچھ چھے لۆبہٕ ؤنہٕ تہٕ تمن منز چھُ انصاف...... پۆز ووٗنی روٗز بس سۆنیہِ...... سۆنیا...... میأنی سۆنیاژ کأژا شریف تہٕ ہمدرد چھکھ سۆنیا!"۔

تس روو ہوشی تہٕ سہٕ گۆو پانہٕ حأران ییٚلہِ تٔمی پان کوچس منز اِستادٕ وُچھ...... تس تۆرنہٕ پانس تہِ فِکرِ زِ سہٕ کیٛأزی تہٕ کتھ ووت کوچس تام۔ خفتن وَکھ اوس ڈۆلمُت۔ شامرُن اوس موکلیومُت تہٕ ژودأہم زۆن أس نپہٕ نپہٕ کران۔ اماپۆز ہوٗس منز أس نہٕ تازگی لبنہٕ یوان۔ یوٚہے زن تہٕ دَم گژھان اوس۔ کوچس منز أس لۆکن ہٕنز پرٕ بارے۔ مۆزوٗرتہٕ تأجر پیشہٕ لۆکھ أسی گرٕ گژھن نیران۔ دوٚییمی لۆکھ أسی ہواخوٗری کرنہِ دژا امتی۔ اتہِ اوس ژھوٚٹہٕ امبر گرِ دِتہٕ نالین منز جماہ گندٕ آیک پھکھ وأنجہِ تچھن تُلان۔ مگر رَاسکولنکاف روٗ دموییوسی تہٕ اضطرأبی حالتس منز پننس مشنس پیٹھ بروٚنہہ بروٚنہہ پکان۔ تس اوس کم کاسہٕ پےٚ زِ سہٕ چھُ گرہ کُنہِ خاص مقصدٕ درامُت تہٕ کیاہتام تعجلی کأم چھبس أنزرأونی مگر کأم کیاہ أس تہِ اوس تس مشرِ ے گومُت۔ پکان پکان گۆو سہٕ أکس جایہِ ہنگہٕ منگہٕ رٕہتھ زنتہٕ رُونہٕ آو۔ تٔمی وُچھ سڑکہِ لپأری مہٕ انٛدٕ اوس أکھ نفرا اِستادٕ أمِس آلو لایان۔ رَاسکولنکاف تۆر سڑکہِ اپور أمِس نِشہِ مگر رَاسکولنکاف اوتھ واتۆنُے پھیوٚر سہٕ نفر پۆت تہٕ دژاو پانس تتھ کنہِ کلہٕ بۆن گن ترأوِتھ زنتہٕ أمِس کُنہٕ قسمک اشارے اوسُن کوٗرمُت...... "ٹھہر...... أمی کوٗرا میےٚ آلو کِنہٕ؟" رَاسکولنکاف گوٚ غوتن۔ بہر حال رَاسکولنکافن کرٕ أمِس نِشہِ واتنچ کوشش۔ وُنہٕ

اوس سہٕ قدم داہ مرِ دۄر زِنٛمی پرٕزنووسہٕ۔ تس گۄولرٕز پأدٕ۔ یہٕ اوس سُے ڈِبہٕ نفرٕیس زٕتھِس کوٗٹھس منٛز پھیٚکی ترأنٛزِ وٕتھی ٕتی باسان اُسی۔ رَاسکولنکاف رۄد کینٛہہ قدم دۄرٕے تس پتہٕ پتہٕ پکان۔ دِل اوسُس دَکہٕ دَک کران۔ دوشوٕے رۄدی پکان یوٚ تام زِبتھِ آواکھ موڈ۔ امہِ موڈٕ نشہِ تہٕ ڈٕلی تم مگر تمی نفرن پھِرٕنہٕ اوٕر یور گردن تہِ ......"اما اُمِس چھا معلوٗم زِ بوٚ چھُس اُمِس پتہٕ پتہٕ پکان"۔ رَاسکولنکاف لۆگ سونچنہِ۔ سہٕ نفر ژاوا کہِ بجہِ عمارٕ ژھٕنزِ ڈیڑھ اندر۔ رَاسکولنکاف پۆک جلد جلد گیٹس کُن تہٕ لۆگ اندر کُن وُچھنہِ آیا زِ سہٕ نفر دیا پۆت نظر تہٕ اُمِس کریا اِشارٕ۔ آنگنس منٛز وأتِتھے ترأو تمی نفرن پتھ کُن نظر تہٕ باسان اوس رَاسکولنکافس کوٚرُن ییٚہِ اِشارٕ اند راژنہٕ باپتھ۔ رَاسکولنکاف تہِ ژاوتس پتے بےٚ والیہٕ پأٹھی آنگنس منٛز اماسہٕ نفر اوسنہٕ کُنی ......"باسان چھُ سہٕ کھوٚت ییٚمہِ ہیرِ کنی ہیٚور"۔ یہٕ سۄنچتھ کھوٚت رَاسکولنکاف تس پتے۔ رَاسکولنکافس گیہٕ دوییمہِ ہیرِ کھسہٕ وٕنہٕ قدمن ہٕنٛز گوٚب گوٚب آواز کنن۔ اما یہٕ ہیر اُس رَاسکولنکافس ترٕبن تہٕ ترُوہن کران تہٕ اُس تس ویز باسان۔ سہٕ ووت گوڈنکہِ پُہر کِس وٕٹس منٛز یتھ اکھ دأرٕ اُس تہٕ امہِ دارِ ہٕنٛدی شیشہٕ منٛزی اوس زردزٕنہٕ گاہ اندر اژان یُس ووداُسی تہٕ سِر ساوی باسان اوس۔ امہِ پتہٕ ووت سہٕ دوییمس پوٚہرس پیٚٹھ۔ "عفو......یہٕ ہے چھُ سُے فلیٹ ییٚتہِ رنگساز کأم کران اُسی"۔......مگر تمی کیا زِ ہیچ نہٕ یکدم یہِ عمارت پرٕزنأوتھ؟ سہٕ اوس پانہٕ سونچان۔ ہیٚور کھسَن وألی سٕند بن قدمن ہٕنٛز آواز گیہِ بند......"سہٕ آسی ٹھہریومُت یا کُنہِ جایہِ ژھیٚپ دِتھ بیوٚٹھمُت"۔ رَاسکولنکاف ووت ترٕییمس پوٚہرس پیٚٹھ۔ ووٚنی پزِیا ہیٚور کھسُن کِنہٕ نہٕ؟ انہٕ گٕتہِ منٛزن تہٕ رَاسکولنکاف ہیٚنہٕ آو۔ تس ژاوہا بت۔ مگر سہٕ رۄد ہیٚور کھسان۔ ووٚنی اوس سہٕ پننیٚن قدمن ہٕنٛدِ صدا ہتی کھوژان۔ "توباہ ییٚتہِ کۆتاہ انہٕ گوٚٹ چھُ۔ سہٕ نفر آسی ییٚتی کُنہِ کوٗنٛس منٛز کھٕتتھ بیتھ۔ آہا...... فلیٹ چھُ سرآے ہیۄ ییٚلے"......تمی مۄر گوڈٕ اندر راژنہٕ نِشہِ

کھوٚرٕ ے مگر أخرس تہٕ ژاو اندر۔ انہِ گٹہِ سببہٕ اوس نہٕ وُزس منٛز کہنٛہ تہِ بوزنہٕ یوان۔ باسان اوس زنتہٕ اتہِ ئرشہِ کھس تہِ تھوومُت چھُکھ نہٕ۔ سہٕ پوٚک لوٚت لوٚت کھورِ ٹھنڈ بن پیٹھ تہٕ ووت نشست گاہس منٛز۔ اتہِ اوس زُنہٕ مندبن۔ نشت گاہک ذرٕ ذرٕ اوس نپہٕ نپہٕ کران۔ اتہِ أسی سأری چیز برونہہی انمانہٕ کُرسیہٕ، أنہٕ پوٚٹ، لیٚد رِرنگک صوفہٕ تہٕ فریمن برِتھ تصویر۔ ترٛامہٕ پوٚٹ ہِش نپہٕ نپہٕ کرٕ وٕنی پُنیم ہٕنٛز بڈٕ تہٕ گول ژوٚٹ ہِش زوٗن أس دارِ منٛزی بوزنہٕ یوان۔ ”یہِ چھِ دراصل یہے زوٗن یوسہٕ ییٚتہِ ہأبت طأری چھےٚ کران۔ ضروٗر چھےٚ یہِ کمہِ تام سر سأوی کتھِ ہنٛز باوتھ کران“ ...... رَاسکولنکاف لوٚگ سونچنہِ۔ سہٕ روٗد أتی وودنہِ واریاہس کالس اِنتظار کران۔ یوٗتاہ زیادٕ سہٕ زُنہٕ گاشچہِ سنگین خاموشی سنان روٗد تیوٗتاہ زیادٕ اوس توٚہند دِل دُبرارے کران۔ مگر سہٕ روٗد برابر توٚتام زُنہٕ گاشُک خاموش پأغام بوزنہِ یوٚ تام تس تھکنہٕ ستی زنگن دِگ باسیے یہِ مگر تمی کوٚڈنہٕ زیوِ ٹاس تہِ۔ ژوپاسے أس ژھوٚپہٕ نال وٕلتھ اما أتھی منٛز گوٚو تس کیاہتام پھٹنٛگ صدا کنن۔ زنتہٕ بانس ٹھانڈ پھُٹ۔ امہِ پتہٕ سپُد ماحول پرٛتھ طرفہٕ بیٚیہٕ خاموش۔ أکھ مُچھ چٕچ کپأری تام تہٕ دارِ نشہِ وأتتھ آیہِ شیشس چھاونہٕ۔ بھن بھن کرٕ وٕنی تُہنٛز آواز أس وُ دأسی تہٕ رِووٕنی یٕیمہِ سببہٕ تہٕندِس وحشتس منٛز زیادے ہُر برسپُد۔ أتھی منٛز پیٚیہِ رَاسکولنکافس کمرٕ کس کوٗنس کُن نظر اتہِ اوس دارِ تہٕ المارِ منٛز باگ أکھ چوغہٕ ہیوٗ کیاہتام اویزان۔ رَاسکولنکاف پیٚو سونچس ”امایہِ چوٚغہٕ کیازِ چھُ ییٚتیتھ بروٗنہہ نَے یہِ اوسٕے نہٕ اتھ ......“ سہٕ گوٚو وارٕ وارٕ چوغس نزدیک تہٕ تس توٚگ بوزُن زِ چوغس پتھ کُن چھُ کُستام ژوٗرِ روٗد زِتھ۔

تمی تٕل احتیاطہٕ سان چوغہٕ تھوٚد تہٕ وُچھن کوٗنجس منٛز أس أکِس کُرسی پیٹھ بڈ ژو کھور کرِتھ بہتھ ...... یٕیمہِ کنٛی تمی تُسند بُتھ وُچھِت ہیٚوکنہٕ ...... مگر أس تہٕ یہِ سوے بڈ۔ رَاسکولنکاف روٗد أمِس نکھہِ تل اِستادٕ ...... ”یہِ چھےٚ ترٛہرِ یمو ...... کھوٗژ بڈ“۔ سہٕ لوٚگ

سونچنہٕ ۔ أتھۍ سٟتۍ کٔڈِن نالہٕ أندر رمہِ رٕز کرِ منزٕ ژٕو رِژٕو رِمکرٕ نمبر تہٕ وولنس کُنی ٹاس ۔ تہٕ پتھے وولنس بیا کھ دِب کلہٕ کھوپر ۔ مگر تعجب چھُ تس گوٚ ونہٕ اکِہ اکِہ زنتہٕ سوٚ ہچہِ موٚنڈِس گرمہٕ أسکھ ۔ سہٕ گوٚ وگُمن منزٕ ییر ۔ تس گوٚ ولرزٕ پأدٕ ۔ سہٕ ہُنمیوٚ بوٚن کُن بجہِ ہُند بتھ وُچھنہِ اماتمہِ تہِ نوٚ مرووکلہٕ ییہِ ہَن بوٚن کُن ۔ رَاسکولنکاف ہمیوٚ تیوٚ تاہ بوٚن زِ ڈیکہٕ لوٚگس زمینس تہٕ ترٛ اُون زمینس پیٹھی ڈاف ۔ امہِ پتہٕ دیتُن پُشتِ زمینس تہٕ وُتنہِ روٗ زِتھ وُچھن بجہِ ہُند بتھ ۔ بتھس پٹھ نظر پیتھے پھٔٹ تس ترٕ گٔنڈۍ ۔ تس گوٚ ووحشت ۔ پڑ أس بہتھ کھکھرٕ ماران ۔ اسنہٕ سٟتۍ أس تس سأرٕسے پانس دِنن گرٛھان مگر کوٚشش أس کران رَاسکولنکاف گوٚ ژھنہٕ آواز بوزُن لہٰذا أس آواز دباوان ۔ رَاسکولنکافن وُچھ زِ......

کمۍ تام منزٕ ریکا یک آرامگاہک درواز ییتہٕ پتھ اسن کھنگالچ آواز تہٕند بن کنن ترٕتھ گییہِ تہٕ ییتہِ کم تام کنہٕ پھسر ارے کران أسی ۔ رَاسکولنکافس کھوٚت سخ خشم تہٕ لوٚگ سوٗرے طاقت یکجا کُرِتھ بجہِ ہندِس کلس زورٕ زورٕ مکرٕ دَب والنہِ ۔ سہٕ روٗد دبس پتھ دَب ترٛاوان یوٚ تام زِ بمن تام پھٔٹس کُمہٕ ۔ تہٕندِس اَکھا اَکھ مکرٕ دب والنس سٟتۍ سٟتۍ أس آرمگاہس منزٕ اَسن کھنگالن ہنزٕ تیہہ بڑان مگر ...... مگر بجہِ گوٚ ونہٕ الغزارتہِ ۔ بلکہِ أس تس فقط پننو بےٚ آواز اسن کھنگالو سٟتۍ سأرٕسے بدنس دٔنن لگان ۔ رَاسکولنکاف ژول دروازس کُن مگر ووٚٹ اوس لوٚکو سٟتۍ ترٛوٚپرِتھ ۔ تمام فلیٹن ہٕندۍ درواز أسی یلہٕ ۔ وٕزس منزٕ ' ہیرن پٹھ تہٕ بوٚنہٕ آنگنس منزٕ أسی لوٚکھ ژٕسِتھ آمتۍ ۔ آدمی کلن ہنزٕ لأنہٕ آسہٕ بوزنہٕ یوان ۔ تہٕ سأری أسی ہے بنگہٕ اَکھا اَکس کُن ژھوٚپہ دِم کُرِتھ مدأے گنڈِتھ وُچھان تہٕ کیاہ تام دٔلیل بوزنس پیاران ۔ رَاسکولنکافس زن ننیکھ وأنج کڈِتھ ۔ سہٕ زن آو أکسے جایہِ رُووِنہٕ ۔ سہٕ اوس نہٕ کوٚشش کرِتھ تہٕ قدم کڈِتھ ہیٚکان ...... تمۍ ہیٚژ أیہِ کرٕ کھ دِنٕی تہٕ گوٚ ویٚدار ۔

تمۍ ترووزٕ یوٚٹھ ووش مگر عجیب کتھ أس زِ تس اوس باسان زنتہٕ وُنہِ خواب

وُچھانِۍ چھُ۔ ٹھیک دروازٕ اوسُ ملیے تہٕ داسس پیٹھ اوس اَکھ نیژاَنی شخص رَاسکولنکافس سُنی پاٹھی وُچھان۔

رَاسکولنکافن تھاوِ بمشکل نیم واکرمژٕ اَچھ بیٚیہ وُٹھتھ تہٕ روٗد پتھ کُن ڈاف ترٛاوِتھ۔

''بہ چھُساوُنتہٕ خوابے وُچھان؟'' رَاسکولنکاف گوٚو حاَران تہٕ تُلنی ٹاَرِ رژھ کھنڈ تھوٚو دیٚمیک بمشکل اندازِ سپدتھ ہیٚکان اوس۔ نیژاَنی شخص اوس بدستوٗر داسس پیٹھ اِستادٕ روٗزِتھ رَاسکولنکافنہٕ حرکژ بغورٕ وُچھان۔ سہٕ ژاولوٚت لوٚت کُٹھس اندر تہٕ ٹھسہٕ ٹھسہ ورأے تھوٚون گوڈٕ دروازٕ بیٚیہ بند تہٕ گوٚو میزس نزدیک۔ رژھہِ کھنژہٕ تعمل کٔرِتھ دِژن رَاسکولنکافس کُن نظر تہٕ امہِ پتہٕ بیوٗٹھ کُنہِ قسمُک صدا کرنہٕ ورأے صوفس نکھہ کُرسیہِ پیٹھ۔ کلہٕ پیٹھ وأژِنۍ ٹوٗپۍ تہٕ تھاوِن پانس نکھے پتھرتہٕ اتھہٕ ژِتھاوِن عاصس پیٹھ یُس تس ڈکھہٕ وُن اوس تہٕ اتھن دوٚن ہوٚنگنی دِتھ لوٗگ اِنتظار کرنہٕ۔ یہ کتھ اَس صاف زِ سہٕ اوس واریاہس کالس پرارنہٕ خاطرٕ تیار۔ رَاسکولنکاف اوس ٹٔلی ٹاری تس کُن مُنزی مُنزی وُچھان۔ تِہنٛدِ وُچھنہٕ مطابق اوس نہٕ سہٕ نفر جوان مگر اژٕ وژٕ تہٕ ونوس نہٕ۔ جسم اوٚسس مظبوٗط تہٕ بُتھ اوٚسس پژٕوُن تہٕ ریش گوٚن تہٕ قریب قریب سوٗرے سفید گوٚمُت۔

داہ منٹ سپدی...... دٕہلی گاشہٕ اوس وُنہِ اماشام وکھ اوس تیار۔ کمرس منٛز اَس مکمل خاموشی...... ہیرن پیٹھ تہٕ اوسنہٕ کانٛسہِ ہُندِ پکنُک صدا کنہ گژھان۔ البتہٕ اَس اَکھ مچھ نژان۔ تِہنٛز آواز اَس اَتھ کوٗٹھرِ اندر رپھُٹتھ نیران خاص پاٹھی یٚیلہِ سو دارِہُندِس شیٚشس ستی چھاونہٕ یوان اَس۔ بلآخر آو رَاسکولنکاف تنگ تہٕ دفعتاً تھوٚو دٕ ژِھتھ بیوٗٹھ صوفس پیٹھ۔

''وُنو...... توہہِ کیاہ گژھِ؟'' رَاسکولنکافن کوٚر سوال۔

''مےٚ اوس پتاہ ژٕ چھُکھنہٕ شوٚنگتھ بلکہِ چھُکھ ٹٔلی ننبد رلاگان''۔ نیژاَنی دوٚپ اَسہٕ وُنہِ دِہلنہٕ نرمی سان۔ مےٚ چھ ارکادی ایوانووِچ سیٚو ادری گیلاف ونان''۔

# باب ژور

## (۱)

''ہنہ......بۆ ماسنا چھُس وُنہٕ خوابے وُچھان؟'' رَاسکولنکافن سوٗنچ دُبارٕ۔ تمی گرٲمِس بےٚ سالی پزٕھِس سٔنی پاٗٹھی نظرا۔ تمہٕ زیہ نظرٲس مشکوٗک۔ ''سیوادری گیلاف؟......بکواس تہٕ کتھ ہیکہٕ ہُنتھ'' آخرس وون تمی پریشان گژھِت بڈبڈٕ۔

''مگر پزٕھس گیہ نہٕ اتھ پیٹھ کُنہِ قسمچ حیٲرانگی۔

''مےٚ پیوٗ ژےٚ نِشہِ دوٚیہ سببہٕ یِن۔ گوڈٕ ننتھ یہ زِ بۆ اوسُس ژےٚ سِتی مُلاقات کرُن یژھان تِکیازِ مےٚ چھےٚ ژےٚ متعلق واریاہ دلچسپ تہٕ خوش آویہ لایکھ کتھ بۆزمژٕ۔ دوٚیِم چھُم پوٗرٕ یقین زِ ژٕ کرکھ مےٚ ضروٗر تتھ معاملس اندر مدد یمیک تعلق براہِ راست چانہِ بینہ ادوتیایہ ہنزِ بجاٗیی سِتی چھُ۔ تِکیازِ چانہِ ہمایتہٕ ورٲے دِیہ نہٕ سو مےٚ پانس برٕونٹھی کُنہ تہٕ پکنہٕ۔ تس چھےٚ میاٗنی خبر کیاہ منہٕ مُچھ۔ اما پوٗزا گرے ژٕ مےٚ مدد کرکھ تیلہِ ہیکہٕ بۆ کُنہِ شُمارس تتھ۔

''ژےٚ چھےٚ غلط فہمی'' رَاسکولنکافن ووٗننس۔

''یوٗرا تھ آسن تمہِ دوٗ شوے ماجہ کورِ پیٹرس برگ واژمژٕ۔ صحیح چھا؟''

رَاسکولنکافن دیتنس نہٕ اَتھ کتھِ جواب۔

مےٚ چھُ معلوٗم تمہِ واژٕ یوٗر یوٗر۔ بۆ ووٗنُس پانہٕ یوٗر اوترے مطلب تمن برونٹھہ اَکھ دوٚہہ۔ گوڈٕ چھُس نہٕ بۆ یہ کتھ ضروٗری سمجھان زِ بۆ کرٕ پننی صفاٗیی پیش یہ بۆززِ صداقت روڈیا روما نو وِچ مگر مہربٲنی گرِتھ ونتہٕ ژٕ ےمیانہِ جانبہٕ کیاہ حرکت سپز تتھ

یوسہٕ مجرمانہٕ مانٕنہٕ ییہِ۔ مےٚ چھُنہٕ باسان تیتھ کینٛہہ چھُ سپدُ مُت۔ بۄ ونے ژےٚ موخصر پأٹھی سوٗ ذٔلیل مگر ژٕ دِی زِسأرٕے دٕ ےتہٕ نفرت ترأوتھ پننِس دیماغس وارٕ کأم ہیٚتھ فأصلہٕ"۔

رَاسکولنکاف رُوٗ دبدستوٗ رپأٹھی ژھوٚپہ دَم گرِتھ تِس کُن مدأ ے گنٛڈِتھ۔

"مےٚ گرٕ پننِس گرس منٛز اَکھ بےٚ بس تہٕ بےٚ کس لڑکی پریشان تہٕ نہایت ذٔلیل تہٕ بےٚ حیا تجویز پیش گرِتھ گینٛڈ مے تُہنٛدِس یرٕتس ستی۔ تِی اوسکھ ناژٕ پرٕ ژھُن یژھان؟ (بۄ چھُس برونہہ چانہِ دِپچ راے زانان) مگر صاحب ژٕ تھاویہٕ اَکھ کتھ پوٚرٕ نظرِ تل زِ بۄ تہٕ چھُس اَکھ بشر۔ بۄ چھُس نہ فرشتہٕ۔ میون دِل تہٕ ہیکہِ کأنسہِ پیٹھ ووٚتھ کڈِتھ تہٕ بۄ تہٕ ہیکہٕ کأنسہِ ستی لول ورتأوِتھ۔ (یِہ لول چھُ ہمیشہٕ دِلُک معاملہٕ آسان۔ اتھ ماچھِ کأنسہِ ہُنٛز مرضی چلان)۔ تہٕ یتھٕ کنہٕ ہیکہِ سوٗرٕے معاملہٕ پانے صاف سپدِتھ۔ کیازِ اَکھ بشر آسنکہِ اعتبارٕ ہیکن میانہِ جأنبہٕ یِمہٕ غلطیہِ سپدِتھ۔ مگر ووٚنی چھُ سوال پأدٕ سپدان زِ بۄ چھُسا اَکھ دیو صفت انسان کِنہٕ زِ بۄ چھُس لولُک شِکار بنیومُت؟ تہٕ ووٚنی ہرگاہ بۄ پانہٕ شِکار بنیومُت آسہٕ' داوس لوٗگمُت آسہٕ......تیلہٕ؟ یژھنےٚ کتھن ہُنٛد فأصلہٕ چھُ مےٚ ژےٚ نِشہٕ بوزُن۔ کیازِ ژٕ چھکھ پانہٕ داناتہٕ بینا۔ بوز۔ اگرے مےٚ دِلہٕ کنی مجبوٗرگرِتھ پننہٕ مارٕ متہٕ کأنسہِ لڑکیہِ امریکہٕ یا سوزیر لینڈ سأ لس تِیچ دعوت گرٕ یِمہٕ غرضہٕ زِ امہِ ستی کھارٕ بۄ تمیسے تھر تہٕ بوش یا یِمہٕ غرضہٕ زِ امہِ ستی سپدِ سون باہمی رِشتہٕ مظبوٗط تہٕ اَکھ اَکس ہیکو زیادٕ لول ورتأوِتھ۔ تتھ منٛز کیاہ خطا چھُ مے۔ بۄ چھُس ناتِمس کورِ ہُنٛز زندگی رتھ کھالنٕ یژھان۔ بۄ چھُس نا اَکھ اَکی سُنٛز خوشی لد رہر یر کرُن یژھان۔ أتھی پیٹھ پزٕ لو قأبلہِ ملامت بناوُنہٕ ین۔ أتھی پیٹھ پزیا مےٚ ستی تعلق ژٕٹُن تہٕ میون لولہٕ ہوٚت دِل دُوارٕ تھاوُن۔ یِہِ چھُنا ظُلم۔ یِہ چھینا مےٚ ستی زیادتی۔ مانو زَن مےٚ پزٕ ہے نہ سہ منحوس درخواست کرُن۔ جذباتن منٛز زن آونہٕ مےٚ تتھ منٛز کینٛہہ غلط لبنہٕ۔ پتہٕ ووتسا بۄ أتھی پیٹھ مارُن گنہٕ گنہٕ چھِ

عقل جذباتن ہٕنز غُلام بنان۔ ژٕ ہےَ پانہٕ زانن وول چھُکھ۔تہٕ مےٚ چھُ باسان تتھٕ کُنہ اوٗسس بۆ پانٕسے زیادٕ زٕ کھواتناوان نہ زِبیٚہِ کأنسہٕ''۔

''تہِ چھُنہٕ سوال''رَاسکولِنکافن ژٕٹ تیسٕنز کتھ کراہت سان۔ گتھ چھِ صاف زِ ژٕ صحیح چھُکھ یا غلط مگر اَسہِ چھُکھ قطعاً کھران۔ أسیٚ چھِ نہٕ ژےٚ سِتیٚ کُنہِ قسمُک لین دین تھاوُن یژھان۔ ہۆ کیاہ چھےٚ درواز ہُپأرِ۔ نیر کُنی وۆتھٕ بیٚتہِ نبر''۔

سیوادری گیلافن ترٚوواچانک پأٹھی اَسن کھنگالہٕ۔

''مگر ژٕ چھُکھ پزی بلاے...... ژٕ چھُکھ نہٕ اَتھس منٛز یِنہٕ وول''۔سیوادری گیلافن وۆنٕس اَسان اَسان۔''مےٚ أس وۆمید زِ ژٕ انتھ بۆ ضرُور زالس منٛز مگر ژٕےٚ توٗرُے یکدم کتھِ ہُند گوڈ فِکرِ''۔سیوادری گیلافُن وۆنٕس پانیار سان۔

''مگر ژٕ چھُکھ وُنتہِ مےٚ ناوِواژٕ لنج کۆشش کران''۔

''حرج کیا چھُ۔ اَتھ منٛز کُس قبوح چھُ''سیوادری گیلافن وۆنٕس زورٕ زورٕ اَسان اَسان صاف لفظن منٛز۔فرانس منٛز چھِ أتھی ونانbonne guerreیعنی (کھونہٕ وٹہٕ کھۆڈ کھنن)پیٚنٕس دبس گرٛژھِ انسان ہمیشہٕ خبردار روزُن بیٚہِ تہٕ یہے چھِ مشہور کتھ زِ محبتس تہٕ جنگس منٛز چھُ پرٛتھ کینٛہہ جائیز۔لہٰذا اگرے مےٚ گبہٕ بُتھ رام ہۆن تہٕ لاگُن پیٚیہِ تتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ حرج...... مگر ژٕ تہٕ چھُکھ اکہِ یا بیٚہِ طریقہٕ میانہِ کتھِ ٹگھ دِوان۔ وۆنگوبۆ ونے بیٚہِ زِ اگرے میانہِ جأنبہٕ (چانہِ ببنہٕ سِتیٚ) باغس اندر سہٕ ناخوشگوار واقعہٕ آسہِ ہےنہٕ سپُد مُت ژٕےٚ کھرِ ہےَنہٕ بہٕ۔ ژٕ کھالہٕکھ نہٕ مےٚ وُچھِتھ ڈبکس دژہ۔ دراصل کۆر میانہِ گرِ واجنہِ مار ماپیٹرونایہ......''۔

''دپانے ژٕےٚ چھبتھ مارفا پیٹرونایہ نشہِ پیٚنہٕ زنگہٕ موکلاوِمژٕ''۔رَاسکولِنکافن وۆنٕس بُتھ پھِرِتھ۔

''او...... گوڈے چھُتھ تتہٕ بۆزمُت؟ مےٚ اوس پتاہ زِ ژٕ بوزکھ یہ خأر......

یوٗ تام زن چانہٕ سوالُک تعلق چھُ زِمےٚ موکلاوِزنگہٕ۔ بوز کھےٚ مےٚ چھُنہٕ اتھ درجواب ونہٕ نُے تگان کینْہہ۔ حالانکہِ میون ضمیر چھُ اَتھ معاملس نسبتھ مطمین۔ پننہٕ ژٕےٚ یہِ خیال روزی زِمےٚ کیا چھُ اَتھ متعلق کانْہہ خدشہِ یا خوف دِلس منز۔ نہ...... ہرگز نہٕ۔ تکیازِ پرٛتھ کانْہہ کتھ چھےٚ باضابطہٕ تہٕ مناسِب پأٹھی اندٕ پکان۔ ڈاکٹرن ہٕنٛدِ رپورٹہٕ مطأبق چھُ مارفایہِ ہٕنٛدِ فوت سپدنُک وجہ یہِ زِ تمہِ اوس کالچنس یڈ بُرتھ بتہٕ کھیوٚمُت تہٕ شراب بوتلہ چیٚمٕژ۔ تہٕ امہِ پتے اوٚسن سران کوٚرمُت۔ امیُک نتیجہ چھُ ظأہر تمس اوس أندرِی وٕٹھ گوٚمُت تہٕ موٚیہِ۔ وونگوٚ بوٚ ونے ژٕےٚ یہِ کتھ تہِ مےٚ کوٚر پانس ستی یہِ سوچ خاص کٔرِتھ یور یوان یوان۔ ریلہِ اند ردیُت مےٚ یتھ خیالس پوٚر دَل زِ سو مأگرمرنس پٮ۪ٹھ میٚے مجبوٗر۔ مےٚ ما کوٚر تس پٮ۪ٹھ ظُلم۔ مےٚ ماوا تہٕ نو وُنہِ رنگہٕ تٔہنٛدٕ بن جذباتن زٕکھ۔ تس ما دیُت مےٚ کُنہِ رنگہٕ تیٚش۔ یتیمہِ کٔنی سو مرنس پٮ۪ٹھ مجبوٗر گیہِ۔ بوٚ کریوس أمی خیالن سٔکھ مجبوٗر مگر بوٚ ووٚتُس أخرس یتھی نتیجس پٮ۪ٹھ زِ تہٕ چھُنہٕ سوالے پأدٕ سپدان زِ سوٗ آسہِ میانہِ دٕسی جانہٕ مأرِس وأ ژٕہمٕژ"۔

"ہاہاہا......" رَاسکولنکافن ترٛووس اَتھ پٮ۪ٹھ اُسن تہٕ ووٚہنس۔......"تعجب چھُ تیٚلہِ چھُتھ ژٕےٚ نٔی اَتھ پٮ۪ٹھ غور کٔرِتھ پانس ایٚز اوا تنو وُمُت"۔

"مگر ژٕےٚ کیازِ او ستھ میأنی کتھ بوٗ زِتھ۔ بوز بوٚ کرے قسم اگر مےٚ تس زِ قمچہ ٹاس والنہٕ ورأے بیٚیہِ زیر تہِ چھم کٔرمٕژ۔ تم تہٕ سبٹھاہ لوٚت لوٚت۔ پننہٕ دَپکھ لاہ ما کھٔرٕس...... نہ کہنٛی نہٕ...... ژٕ مہٕ بوز مےٚ یوٗت سنگدِل۔ مےٚ چھُ پوٚر پتاہ زِ میون طریقہٕ اوس ظالمانہٕ...... تہٕ دُنیاہچن نظرن منز تہِ پزٕ ہے نہٕ مےٚ یتھہٕ پأٹھی وحشی بنُن...... مگر مےٚ چھُ روپیہٕ ہٕنٛدی شراہ آنہٕ یقین زِ مارفأ س امہِ ستی خوش گرٕ ھان......سوأس یہِ ٹاٹھیار مانان۔ کیاونو......لوٚلُک مژ رتہ تژ رمانان۔ چوٗنکہِ چانہٕ بیٚنہٕ ہٕنٛز داستان أس رژھ رژھِ سارِوے بوٗ زمٕژ تہٕ اَتھ منز أس نہٕ کانْہہ نوٗ کتھاہ باقے روٗزمٕژ لہٰذا گیہِ مارفا

پتھمبن ترٛیٚن دوٚہن گری بیٚہنس پیٹھ مجبوٗر۔ کیازِ ووٚنی اوس نہٕ قصبہٕ کِبن لوٗکن ونہٕ باپتھ تس نِشہِ کہنٛہ پتھ کُن روٗدمُت۔ لوٗکھ اٰسی ووٚنی سوٚ چِھٹھی بوٗزی بوٗزی تنگ آمٕتی (ژٕے آسی بوٗزمُتی زِ اکہِ اکہِ بوزِناوی تمہِ لوٗکھ چانہِ بیٚنہِ ہنٛز سوٚ چِھٹھی) اٰتھی اندر زن دِژمےٚ حضرت ہاتفی ییٚن زِیرِتہٕ مےٚ واٰلی مَس قمچس زٕ پرٛتھ زبردست پاٰٹھی۔ دراصل آسان یہِ تقدیرس لیکھِتھ۔ تِمس تہٕ میٚول گرِنیرنٛک اصل بہانہٕ۔ تمہِ دیُت قمچہٕ پرٛتھ پٮ۪نہٕ پتہٕ گوڈنی ٹانگہٕ تیارتھاونُک حُکم ...... حالانکہِ یہِ کتھ چھےٚ نہٕ کھٔٹتھ زِ زنانہٕ چھ تمام تر ناراضگی باوجوٗد خاندارٕ سٔندِ اتھٕ مارکھیٚون پسندکران۔ یِتھٕ چھےٚ کاٰژا مثالہٕ۔ گوڈٕ چھُ بنی آدم خبرژٕے چھُتھا اتھ پیٹھ زانہہ غور کوٗرمُت عام پاٰٹھی بےٚ واٰری تہٕ بےٚ عزتی ہُنٛد لور۔ مگر زنانن چھےٚ خاص پاٰٹھی بےٚ عزتی تہٕ بےٚ ؤکری سپدنہٕ ستی بوٗقہٕ پھولان۔ اٰسی ہیکوٚ یتہٕ ؤنتھ زِ زنانن چھُ لطف تُلنک یُہے اَکھ ؤسیلہٕ باسان۔

گوڈٕ اوس رَاسکولنکاف کمرٕ منٛزٕ نبر ژلنہٕ باپتھ سونچان ییٚتھ یہِ ملاقات اٰتی ژھوٚٹہِ ہے مگر سہٕ اوس کیاہ تام وارٕ سرٕ کرُن یژھان تہٕ تس باسیوٗ رمس کھٔنٛڈس تاب کرنُے جان۔

"ہرجگرٕ چھی ژٕے سَکھ پسند؟" رَاسکولنکافن پرٛژھنس بےٚ شوٗنکی پاٰٹھی ......" نہ ......نہ ...... تیوٗت سَخ پسند نہٕ کیٚنہہ" سیوادری رگیلافن دیتنس سنجیدگی سان جواب۔

"مارفایہِ تہٕ مےٚ چھِ سٮ۪ٹھاہ کم جگرٕ سپدٕمتی۔ اٰسی اٰسی بڈٕ آنمائی سان زندگی بسرکران تہٕ سوٗ اٰس مےٚ ستی ہمیشہٕ خوش آسان۔ ستن ؤرین منٛز چھُ مےٚ کُل دوٚیہ پھرِ قمچہٕ تس پیٹھ تُلمت۔ (ترٛیمہِ پھرِ تہٕ تُلہٕ ہاوٗ مگر تمہِ پتہٕ موٚیہ سوٚ۔ تہٕ اٰتی چھس بوٗ شک آورسپدان)۔

گوڈٕ ننتھے واٰلی مےٚ تس خاندرٕ پتہٕ دوٚیی رٕتی قمچہٕ بالکل تمہِ پتے ییلہِ اٰسی پٔتُن ملک واٰتی۔ تہٕ اٰخری وِزِ اٰس سوٚ ییچ اٰسی ذِکرکران چھِ ژٕے چھُسیا بوٗ جن باسان۔ مےٚ گرٕی زِنہٕ سنگدِل ظاٰلم تصوٗر کیازِ میاٰنس سینس اندرتہٕ چھُ اَکھ دُب دُب کرُون دِل۔ ہا......

ہاے...... خأر مَنٛز پرٛژھے بۆ۔ روڈیٚن رومانووِچ ...... کینٛہہ وٕری برونٛہہ یێلہٕ أکی معزز شخصن أکِس ریلہِ منٛز جرمنی ہٕنٛز زنانہٕ مار دِژیو۔ سہٕ معاملہٕ ہسا کھۄژ یونوٹہٕ کیٚن نٹھن۔ تمام اخبارن منٛز چھپیو۔ وٕہی مےٚ چھُ تِمس شخصہٕ سُند ناوٕ ے مشرب گوٗمت۔ پیٚویہٕ ژےٚ یاد؟ ہایم گئے تمہ دوہ۔ آبالکل چھُ سُے وٕری یێلہِ سو بدنام زمانہٕ کاروأیٔ سپدے یہٕ۔ (گوڈٕ کنہٕ آسِنٕ ژےٚ تمہٕ کتابہٕ پرمژے یِمہٕ سانہِ شبأکیٚن دوٕہن پرنہٕ یوان آسہٕ! ہاے کوٗت گییہٕ تم دوٗہ)۔ خأر تیمی معزز شخصن تِمس جرمن زنانہٕ پٹھ اتھ تُل مےٚ چھینہٕ تس ستی کہنٛہ ہمدردی تِکیازِ اتھ چھُنہٕ تس ستی ہمدردی ورتناونک کہنٛہ ضروٗرت۔ مگر بۆ ونے یہِ کتھ زِ باضے چھ یژھن جُرمن زنانن ستی بتھی لاگے ضروٗرسپدان تہٕ مگر مےٚ چھُنہٕ باسان زِکانٛہہ ترقی پسند نفر کیاہ ونہٕ اتھ چھُ راہ مردس۔ مگر تمہٕ وِزِ ۄ چھ نہٕ حالاتن ہُند پسِ منظر کأنسہِ۔ کأنسہِ سوٗنچ نہٕ زِ تس خوتونہٕ مارِتھ گژھی نفرن اکھ اہم کأم۔ تمی واتنووتھ ہنٛدِس روٗحس سکوٗن۔ تہٕ مےٚ چھُ پوٗر یقین سہٕ معاملہٕ اوس یوٚہے پسِ منظر نظر تل تھأوِتھ وُچھُن مگر ...... وَن میون نکتہٕ نظر کیتھ چھُ؟" ۔ یہٕ وٕنتھ ترووسیوادری گیلافن اَسن کھنگلہٕ تہٕ رَاسکولنکافن ژیوٗن یکدم زِ شخصہٕ ہن چھُ ذیٚہنس منٛز شبہٕ مقصد یێتھ آمُت مگر پٔتُن مقصد واشگاف نہٕ کرنٕچ یسلہٕ صلاحیت تہٕ چھُس۔

"مےٚ چھُ باسان ژےٚ چھُبتھ نہٕ پتمبن دوہن اندر کأنسہِ ستی کتھا باتھا کرمژ" ۔ رَاسکولنکافن پرژھنس۔

"پوٚز چھُ ...... مےٚ چھُ باسان یہِ اندازٕ لگوٗتھ ژےٚ یێمہٕ سببہٕ زِ بۆ آس ژےٚ ستی سبٹھے خوش خلقی سان پیش ییچ نہٕ ژےٚ وومید آسہِ ہی" ۔

"نہ ...... نہ...... بۆ چھُس یتھ کتھِ پٹھ حأران زِ چون ہیٔو اخلاقہٕ وول چھُ شاید ے انسانن ہٕنٛز گربزِ منٛز یوان" ۔

"شاید ما آمہِ رُکٕی زِمےٚ کھوٗنہٕ چانبو اونٹ پٹانگ سوالو ستی ڈبکس گنہٕ تہٕ؟ اِی

چھا وجہ چاأنی یہ رائے قائیم کرنک ؟ بوز...... بۆ کیا زِ گژھ ہا ناراض۔ یتھٕ کنہٕ ژےٚ سوال گرِتھ تِتھے کنہٕ دِتمے مےٚ جواب''۔ سیوادری گیلافن دیتنس سٹھے سادگی سان جواب۔ تِھنز سادگی ہُنٛد اظہار اوس حأران کُن...... ''بوز...... بۆ پھُس نہٕ وونی کُنی چیزس منز دلچسپی زِوان''، تمی تھوو کلامہٕ جأری تیتھٕ کنہٕ زن تہٕ خوابس منز کتھ کران اوس۔

''خاص گرِتھ چھُنہٕ مےٚ ژےٚ ستی کہنی...... تگرِتھ ژٕ چھکھ یہ سونچنک مجازِ بۆ پھُستھ ژٕ شاید خبر کمہِ غرضہٕ ناوِ والان خاصکر ییلہِ زن مےٚ گوڈے وونمت چھُ زِ بۆ پھُس چانہٕ ییٚنہٕ ستی اکھ اہم فأصلہٕ کرنہٕ باپتھ مُلاقات کرُن یژھان۔ پوٚز بۆ ونے ژےٚ پژن یہ راز زِ بۆ پھُس وونی از حد تنگ آمُت۔ خاص کر پتمیوٚ ترےٚو دوٚہو پیٹھٕ۔ مگر ژےٚ نِشہ بوس ژھانژھناونہٕ ستی گیم فرحت...... وونی ونہٕ ہاے کتھا ناراض گژھکھ زِنہٕ روڈیا...... ژٕ زن چھکھ پانہٕ روومُت ہیوٚ باسان۔ چأنی شخصیت چھِ عجیب باسان۔ ژٕ ونتہٕ یہ ژےٚ خوش کری مگر ژےٚ چھے کیہتام ڈلیل۔ میون مطلب چھُنہٕ زِ کُنہِ تازٕ پریشأنی منز چھکھ ییمی دَمہٕ ہیٚنہٕ آمُت بلکہِ چھکھ واریاہ کالہٕ پیٹھٕ گک پریشان باسان...... وَن غلط ماو وَنمے...... اچھا...... اچھا...... تراو۔ ڈکہٕ موٚژ کراو...... بۆ پھُس نہٕ تیوٚت وحشی ظالم یوٚت ژٕ مےٚ زانان چھکھ''۔

رَاسکولنکافن گرٛس وود أسی چشمو نظرا۔

''ژٕ چھکھ نہٕ شاید رژھ تہِ وحشی خصلتک''۔ تمی ووہنس...... ''مےٚ چھُ گمانہٕ گژھان زِ ژٕ چھکھ اعلیٰ نسلک شخص...... شریف تہٕ خلوٗصہٕ بۆ رُت۔ یا تہٕ نےٚ توتہِ چھکھ زانان ضروٗرتہٕ وِزِ کتھٕ گژھِ شریفن ہنٛدی پأٹھی ورتاو کرُن''۔

''پانس متعلق کأنسہِ ہنٛز رائے زانٛنچ چھینہٕ مےٚ کانہہ خاہش'' سیوادری گیلافن دیتنس قدرے تلخی تہٕ تکبرٕ سان جواب۔ ''ییٚہ تہٕ باضے اگرے جأہلن تہٕ کمینن ہنٛز ہشہِ حرکوٗ تہٕ کرنہٕ ییٚن تتھ اند رکیاہ حرج چھُ خاص پأٹھی ییلہِ زن سانہٕ سماجکس آب و

ہواہس منز کمینگی تہٕ ذلالکۍ وولت راس یوان چھُ۔ پتہٕ ییلہِ کانٛہہ نفر فطرتاً کمینگی کُنی مائِل آسہِ میانٛی پأٹھۍ"۔ سیوادری گلافن ووٚننس پراژٕ وٕہرأوِتھ۔

"دپانے یتھ شہرس اندر چھی ژٕ ے واریاہ دوست۔ تہٕ لۄکن ہُنٛدِ ونہٕ مُطأبق چھُکھ ژٕ سخ اثر ورسوٗخہٕ وول۔ تتھ صوٗرتس منز وتم یوٚ تام نہٕ ژٕ ے کانٛہہ خاص مقصد آسی مےٚ نِشہِ کمہِ مطلبہٕ آکھ پتھ؟"

"اَتھ منز چھُنہٕ کہنٛژ شک زِ مےٚ چھِ ییٚتہِ واریاہ یار روزان" سیوادری گیلافن کوٚر اَتھ نُکتس اقرار مگر اصلی سوالچ کھیٚن کتھے۔ واریاہن دوستن سٟتۍ کوٚر مےٚ ملاقات۔ مےٚ ووت ییٚتہِ پتموٚ ترییو دوہو پٔتھ۔ اِد پھیران پھیرانی سپُد تمن سٟتۍ ملاقات۔ اُڈی پرژناوُی مےٚ تہٕ اَڈیوٚ پرژ نوہس اورے۔ اُسی سمکھے سرسری طورتہٕ وقتُک تقاضہٕ تہٕ چھُ اِی۔ تم چھِ سأری یژھان زِ بوٚ گوٚ ژھُس تمن نِشہِ رژھا پہرا گژھُن۔ وُچھ ساپلو پوشاک چھُس ناکھُستھے لاگان امہِ کِنی چھُس اوسوٗدِ حالہٕ باسان۔ ییٚہہ وَنی غولامن ہُنٛز آزأدی سٟتۍ پیٚونہٕ مےٚ تیٚوت زیادٕ اثر۔ مےٚ پیٚو نہٕ تیٚوت زیادٕ معاوضہٕ دیُن۔ میأنس ترٛی کِس منز چھِ واریاہ جنگل تہٕ مرگہٕ۔ پوٚز نٕسچ دقعت ییٚہہ نہٕ زانٛہہ وُچھِن مگر ..... دوستن ہُنٛد گرٕ گژھنہٕ ہر گز تہٕ۔ بوٚ اوٚسُس واریاہ کالہٕ بروٚنٛہہ پٔتھے تمن نِشہِ لوٚب ہیٚوان۔ تموا وسہٕ ہَس بوٚ تنگ اوٚ نمُت۔ ووٚنی چھُ مےٚ ازییٚتہِ ترٛیم دوہ بوٚ گوس نہٕ کانٛسہِ سمکھنہِ ..... گوڈٕ چھُ یہِ عجب شہرا کیاہ تام۔ بوٚ چھُس راوان زِمیانہٕ فکرِ منزِی کوٚتاہ چھُ یہِ بڈیومُت۔ حالانکہِ ییٚتہِ چھِ پرٛتھ در ٕچکی دفترٛی تہٕ طالبِ علم روزان۔ گوٚکہِ یہِ گوٚ ژھا اَکھ مثألی شہر آسُن مگر ییٚتہِ چھِ اُنتہٕ روسی مسلہٕ۔ ہاں یہِ کتھ تہٕ وَنے اُٹھ ؤری بروٚنٛہہ ییلہِ بوٚ ییٚتہِ بالہٕ پانہٕ وِزِ اوٚسُس تمہِ وِزِ اوسنہٕ شہر یوٚتاہ بڈیومُت۔ تنہٕ پٔتھ چھُ انیکھ تعمیر سپدمُت۔ شہرن چھُ سبٹھاہ کاڈ کوٚڈمُت ..... ووٚنگوٚ فسم ہاٚوِتھ چھُسے ونان۔ ییٚتکی بسکیٚن ہٕن چھِ انسأنیتہٕ نِشہِ مۄلہٕ بے خبر۔ اِدٕ میأنی کُنی آش چھےٚ ووٚنی جسمأنی ساخت تہٕ لوٚیہ وُن آکار"۔

''وونگویم کلب...... بچہٕ نغمن ہنٛز محفلہٕ۔ یم دٔ ردراز سأرٕ گاہ یا دوٚیمن لفظن منٛز
یتھ از کلیٛچ ترقی ونو۔ اَتھ پیٛیہٕ نہٕ میانہٕ کٔتھ کڈنہٕ ستیٚ کانٛہہ فرق۔ یم روزن میانہٕ بغأرتہٕ
آباد''...... تٔمی تھوو کلامہٕ جأری تہٕ رَاسکولنکافن سوال کوٚرُن نظرانداز۔ ''بیٚیہٕ تٔلِتھ گُس
یژھہِ عیارتہٕ تاش بازبٔنن۔ گوٚتیلہٕ چھُکھ ژٕ ستہٕ بازاوسمُت''۔ رَاسکولنکافن دِژِس زیٚر۔
''بوٚ ـکتھ ہیکہٕ ہا اِلوٚب روٗزِتھ۔ اٚتھ وٕری بروٗنہہ اُس سأنی اکھ باضأبطہٕ
جماتھ۔ ہان...... زی عزت نفرن ہنٛز جماتھ...... تہٕ سون شوہرٕ اوس سبٹھاہ دٔردٔرتام۔
أسی أسی تاس ـگنڈنس منٛز سبٹھاہ مأہر۔ کتہٕ بنہٕ سہٕ وقت۔ اسہٕ چھُ گُس لطف تُلمُت۔
سانہٕ اَتھ جمأژ منٛز أسی تمام شوبن ہٕنٛدی لوٗکھ۔ أڈی أسی شاعر تہٕ أڈی سیاستدان۔ تمن
طبقن ہٕنٛدی لوٗکھ تہٕ أسی یمن أسی نچہٕ نظرٕ وُچھان چھِ مثلن ژوٗر، ژرألی وونگو صاحبِ
ثروت تہٕ اُس اَتھ ٹولہِ منٛز۔ خبر ژےٚ چھیا اَتھ کتھِ پیٹھ غور کوٚرمُت زانٛہہ......سأنس
روٗسی سماجس اندر رچھِ ونان زِ اعلیٰ اخلاق چھِ تمنے لوٗکن منٛز لبنہٕ یوان یمن گوڈٕ کھوٚند
لوٚگمُت چھُ آسان یا یمن گوڈٕ کوڈٕ پیأمتی چھِ آسان؟ مگر شوٗٹھہٕ سُند پلیٹیو پانٕسے ییتہِ۔ بوٚ
آسہٕ ہاجیل ووتمُت مگر اتھن پھوٚکھ دِوان بچوٚس۔ مےٚ اوس Nezhin ـکس أـکس
یونأنی سُند قرضہٕ کھوٚتمُت۔ مےٚ کتہِ أس سہٕ قرضہٕ ہورنٕچ توٗ ژھ۔ اِد امہِ وِزِ زن تہٕ
مارفا حضرت ہاتھی بٔنتھ میانہٕ مدتہٕ خأطرٕ آیہٕ۔ تمہٕ کوٚر تمس یوٗنأنس ستیٚ کیاہ تام داہ آنہٕ
شےٚ آنہٕ تہٕ ہیوٚتنس بوٚ چاندِ ہٕنٛد بن ترین ساسن سکن موٚلی۔ (بوٚ دارٕ ہا تمس ستھ ساس
سکہٕ) امہِ پتہٕ سپُد اَسہٕ نکاح۔ پتہٕ کوٚر تمہِ میون سورُے خرچہٕ برداشت۔ بچار کوٗتاہ
خیال اوُسس میون۔ بوٚ زن اوُسس تٔہنٛدِ باپتھ بڈٕ بارٕ دولتھ۔ ژےٚ کتہٕ آسی پتاہ سوأس
مےٚ پانژن وٕرین زٕھی۔ سوأس نہٕ مےٚ أچھ ٹٹہٕ وارتہٕ نظروتلہٕ اوٕر یورڈلنہٕ دِوان۔
پٔژتھ پہرٕ گوٚ ژھُس بوٚتس کژھسے تل آسُن۔ ستن وٕرین چھُس نہٕ بوٚ شہرٕ نبرأ ـکس
گنٹس تہٕ درامُت۔ نیرٕ ہاتہٕ کتھ گنہٕ۔ مےٚ آسہٕ زنگہٕ پوٗختہٕ پأٹھی گنڈٕ تھ۔ مارفایہٕ نشہٕ

اُس اَکھ ہۆنٛڈ یتھ پٮ۪ٹھ مےٚ دستخط گٔرِتھ اقرار کۆر مُت اوس زِ بۆ چھُس تِس ترٕہ ساس سِکہٕ داران۔ ووٗنی اگرے بۆ گُنہٕ وِزِ پننہٕ مرضی مطأبق قدم تُلہٕ ہا۔ مےٚ ہے گنٛڈ پھِرٕ ہن۔ أکِس لحظس اندر ہےَ مےٚ جیلُک ہوا چاوٕ ہن۔ بٮ۪یہٕ چھُم پوٗرٕ یقین مارفاہٮ۪ہٕ ہے نہٕ پۆت سوکرِ ہے ضرٗور مےٚ خلاف کاروأیی۔ زنانن چھُنہٕ اِنتقام ہٮ۪نٛس اندرٕ کھنٛی جورٕ یہٕ گژھِ یاد تھاوُن"۔

"رَاسکولنکافن ووٗنُس" اگرتس نِشہٕ چأنی ہۆنٛڈ آسہٕ ہے نہٕ یوسہٕ ژےٚ بڈٕ رُکاوٹ اٚسیے تیٚلہٕ آسہٕ ہَتھ ژےٚ تِمس دوکھٕ دِیتمُت"۔

"چأنِس اتھ سوالس تگہٕ نہٕ مےٚ گوڈٕ صحیح پأٹھی جواب دِنُے۔ ووٗنگوٚ یوٚ تام زن تمہِ ہۆنٛجہِ ہُنٛد تعلق چھُ۔ سو اُس نہٕ میانہِ باپتھ کانٛہہ رُکاوٹ۔ بۆ اوسُس نہٕ پانے گُن گوٚھن یژھان۔ خود مارفایہِ کرےیہِ مےٚ وِلایت گژھنٛچ دعوتھ مگر مےٚ اوس گوڈے بیرٛونی مُلکن ہُنٛد ہوا چیٚومُت۔ تہٕ تتہِ رٗوُدُس نہٕ بۆ زٕہنٛی تہِ سوکھ سایہٕ بلکہِ رٗوُدُس پریشان۔ گرِچ اٚسم سخ کل روزان۔ خدانخواستہٕ یژھ ترٛژھ اُس نہٕ کانٛہہ ذٔلیل مگر لوسہٕ ؤنہِ آفتابُک منظر۔ Naples خلیج تہٕ امہِ سمندرٕ کِس ذٔنٛدِس پٮ۪ٹھ بہِتھ قودرٕتکی نظارٕ وُچھِن...... اگرے ژٕ سنٛکھ امہِ ستی چھُ انسان ووداسی گژھان۔ تہٕ حقیقتاً چھُ انسان گوڈے کھیایہِ رٕنٛگی غموژ وہمُت آسان تہٕ پتہٕ ییٚلہِ تیتھِس منظرس منٛز انسان آسان چھُ تمہِ ستی چھِس زخمن زیادے کرألی وۄتھان۔ لہٰذا چھُ گرِ بہنُے بہتر تہٕ افضل۔ یتہِ انسان کم سے کم دوٚیمِن راہ کھأتِھ پٔنن پان بےٚ قصوٗر تصوٗر کران چھُ۔ میون دِل اوس قطب شُمأَلی چہِ مہمہِ پٮ۪ٹھ نیرن یژھان تِکیازِ بۆ یتھ چیزس توبہٕ کراں چھُس سُے چھُم روبہٕ یوان۔ مےٚ چھُ شراب سخ کھران مگر میانہِ خأطرٕ چھُنہٕ شرابہٕ ورأے بٮ۪یہٕ باقٕے کھنٛی رٗودمُت۔ مےٚ کرٮ۪یہِ شرابکِ نشہِ تراوٕنٛچ کۆشِش مگر کۆ ہنٛد؟...... ہے اُتی پیوم یاد۔ بوزُم نوِ آتھوارِ پٮ۪ٹھ کرِ پیٹرس برٛگک زیٹھ بڈِس غبارس اندر شٮ۪ٹھ سأرتہٕ ٹکٹہِ

پٹھ کرِنا وِسوار بن تہِ آسمانٔی سأر...... یہِ چھا پوٚ زُے؟''

''کیا زِ ژٕے چھُیہِ آسمانٔی سأل کرنٕک اراد؟''

''بوٚ...... نہ...... ہا ...... نہ...... نہ......'' سیوادری گیلافن ووٗن یہِ ڈٕپِتھ زِ تہِ وُٹھ تٔلی تہٕ باسان اوس سہٕ چھُ کتھ تام سرٛنس سوچس پیومُت۔

''أمِس کیا سنا غرض چھُ؟ یہِ چھا سنا پزی یوٗت سنجید؟'' رٛاسکولنکاف لوٚگ حأرتن پتھ سونچنہِ۔

''نہ...... تمہِ ہوٗنچہِ ستی آسہٕ نہٕ میانہِ زنگہٕ بنٛد''۔ سیوادری گیلافن تھأولوٗت لوٗت پنٕنی کتھ جأری...... ''ووٗنی آسہِ قریب اَکھ وٕری گوٚمُت زِ مارفایہِ دیُت سہٕ دستاویزٕ مے زا دوہَس پٹھ ڈالہِ رٕنگی تہٕ بیٚیہِ دیتنم واریاہ بوٚڈ نقد رقم تہِ۔ ژٕے کتہِ آسی پتاہ سو اُس سٕتھٕی اوسٕ دِ حال۔ وُ چھ مےٚ کٔوتاہ بُوز وسہٕ چھُ ژٕے پٹھ تمہِ ووٗنم تمہِ ساتہٕ۔ یِم چھِ تٔمسے جنتی ہُنٛدی لفظ۔ ژٕے چھُے نہٕ بہان زِ تمہِ کیاہ آسہِ یہِ ووٚنمُت۔ مگر بوٚ چھُسے ایماندأری سان وَنان زِ مےٚ سنبول توٚ ہنٛد جادادژُکہِ تہٕ خوٗبی سان تیچھ شہادت میون کانٛہہ تہِ ہمسایہِ دِتھ ہیکہِ۔ مےٚ کیاہ سہہ منگناوِ سأری بروٚنہہ کتابہٕ تہٕ لوگُم مطالعہٕ کرُن۔ گوڈٕ گوڈٕ کوٚرنہٕ تمہِ تتھ پٹھ کانٛہہ اعتراض مگر پتو لاکن گوٚتس میانہِ پرٕنہٕ پٹھٕے مطالعہٕ ستی خدشہٕ پٲدِ...... زِ مےٚ ما گژھِ اَکھٕے جایہِ بہتھ پتھٕ پأٹھی مطالعہٕ کرنہٕ ستی صحت خراب''۔

''باسان چھُ مارفایہِ ہُنٛد چھُے ژٕے سخ پھیران''

''یا پھیران چھُم ...... شاید...... مےٚ چھُ شاید تِہنٛدِ راونہٕ سببے یہِ حالِ بد گوٚمُت۔ میانہِ میز بانہٕ ...... خبر ژٕے چھُیا بوٗت پرٛیتن ہُنٛد یقین؟''

''تہٕ کیاہ گوٚو بوٗت پرٛیت؟''

''ہا کیا سہ چھُکھ وَنان ...... اَسی ہے چھِ عام پأٹھی بوٗت پرٛیتن ہنٛزٕ کتھ کران''

''ژٕے چھُیہِ تتھ پٹھ پژھ؟''

''شاید نہٕ ، کہنٛہ ......ٲسی کیاہ ونے......مگر وثوقہٕ سان ہیکے نہٕ نکارتہٕ کٔرِتھ''

''تیٚلہِ آسہٕ ہگھ ژٕ تمہِ وُچھان تہٕ؟''

سیوادری گیلافن کٔرنس ہے بنگہٕ گرٕ ہِتھ نظرا۔

''مارفا چھےٚ گاہ بےٚ گاہ درشن دِتھ میانِس اُچھن تراوِتھ پھران'' سیوادری گیلافن ووٚہنس اَسہِ ٲنہِ ہوٚنجہِ۔

''ژےٚ رِکتھ کنہٕ چھےٚ باسان زِ تمہِ دِیتُنےٚ ژےٚ درشُن؟''

''سو سپٕز وُنیستام مےٚ بروٚنہہ کنہِ تریہ پھرِ حاضر۔ گوڈٕ نِتھے آیہ سو مسا اَکھ گنٹہٕ پتہٕ تَمی دوٚہ مےٚ نِشہِ یِیمہِ دوٚہ سو دفن گر۔یہِ واقعہٕ سپُد تمہِ بروٚنہہ اَکھ دوٚہہ یِیلہِ بوٚ یور پیٹرس برگ گُن دراس۔ دوٚیمہِ وِزِ آیہِ مےٚ نِشہِ اوترٕ صبحنس یِیلہِ بوٚ دورانہِ سفر ملایا وشیرٕ سٹیشن پیٹھ اوسُس۔تہٕ ترٚیمہِ وِزِ آیہِ زٕ گنٹہٕ بروٚنہہ تتھ کمرس اندر ریٚتہٕ بوٚ ٹھٲہرِتھ چھُس۔تمہِ وِزِ اوسُس بوٚ کُنے ظون''۔

''ژٕ اوسکھ ہُشیار ے؟''

''بالکل اوسُس بوٚ ہُشیار۔اَمی اوت وِزِ نہٕ بوٚ اوسُس پرٕتھ وِزِ بیدار۔سو چھِ یوان تہٕ مِنٹا مےٚ ستی کتھ کٔرِتھ درواز ِکنی نبر نیران۔سیٚو دپاٚ ٹھی چھِ سو درواز ِکنی واپس نیران تہٕ بوٚ چھُس تِہنٛد بن قدمن ہُنٛد صدا تہٕ بوٚ زِتھ ہیٚکان''۔

''اَمی ِکنی تہٕ باسیو مےٚ ژےٚ چھےٚ یژھی ہش کیہتام ٲلیل'' رٲسکولنکافن ووٚننس یک لخت۔

مگر ستی سپٕز تس یہِ وٕننس پیٹھ پشیمٲنی۔تَمی ژاُپ وُٹھ۔

''پزی یا۔ ژےٚ تریوِیہِ گوڈے فِکرِ'' سیوادری گیلافن پرٕژھنس حٲرتن گوٚہِت۔

''گوٚو ژےٚ تریوے گوڈے فِکرِ؟ مےٚ ونیو مےٚ نا ژےٚ۔اَسہِ دوٚن اندر چھُ

کیہتام چیز رلان ؟۔

''مگر ژےٚ وُنتھ نہٕ تژھ کانٛہہ کتھ'' رَاسکولنکافن ووٚنُس خشمہٕ سان۔

''ووٚنمے نا؟''

''نہ......؟ واستہٕ نہٕ''۔

''مےٚ چھُ باسان مےٚ ووٚنمے ژےٚ۔ ییلہِ بوٚ کمرس منٛز ژاس تہٕ ژٕ وُچھمکھ ئلہ نٔبند رٲ گتھ۔ مےٚ ووٚن یکدم پانٛنی پانس ستی یِہوے چھُ سہٕ نفر''......

''مطلب کُس نفر؟ ژٕ کمہٕ ناسترانہٕ کتھہٕ چھُکھ کران'' رَاسکولنکافن ووٚنُس مغز چاٹتھ۔

''میانِین یمن کتھن ہُند مطلب کیاہ چھُ ......واقعی چھُنہٕ مےٚ پانس تہٕ پتاہ''۔ سیوادری گیلافن ووٚنُس رٲوی ہتِس اندازس منٛز۔

منظار وٚ دی تم دوشوے خاموش تہٕ اَکھ اَکس مدٲے گنڈِتھ وُچھان۔

''ژٕ چھُکھ واٛہیات بکان'' رَاسکولنکافن ووٚنُس دٕ زِتھ۔ ''سو (مارفا) کیاہ چھےٚ ژےٚ ونان ییلہِ ژےٚ درشن دِنہِ یوان چھےٚ''۔

''سو ہا...... مگر ژٕ کرکھٕ یقین ...... بوز سو ییلہِ تہِ مےٚ نِشہِ آیہِ تمہِ کرِ فضوٗل تہٕ غار ضروٗری کتھہٕ۔ گوڈٕ انسان چھُ عجیب زُری یاتھ۔ تہٕژن کتھن پیٹھ چھُ مےٚ سخ شرارتھ کھسان ...... گوڈنی ییلہِ سو مےٚ نِشہِ حاضِر سپز بوٚ اوسُس سَکھ تھوٚکمُت۔ (ژٕ بوز پانٛنے کفنہٕ دفنگ اِنتظام۔ پتہٕ جناز۔ دفناونہٕ پتے کانٛہس فاتح بتہٕ دیُن۔ یہِ ماچھُ معموٗلی کتھا۔ خٲر بوٚ ییلہِ تنہِ تنہا پیوس ...... مےٚ تُج کتاب اتھس کیٚتھ۔ مےٚ زول سگریٹ تہٕ اتھی ستی لوٚگُس کیاہ تام سونچنہِ)۔ خٲر سو ژایہِ کمرس منٛز۔ سہٕ تہٕ درواز کٔنی تہٕ ئلہ ونہِ ...... 'آرکیڈی ایوانوچ از دوہی دوہس روٗ دُکھ ژٕ سَکھ آوٗر۔ ڈاینگ روٗمکِس کلاکس چھےٚ کُنز کرٕنی مشرب گامُت'۔ از دوٲجی زندگی ہُند بن ستن وٕرین اندر تہٕ اوسُس بوے

پژتھ ہفتہٕ کلاکس کُنٛز کران تہٕ ہرگاہ مےٚ کُنہِ پھرِ مشرب گژھِ ہے سوٚ أسم یاد پاوان۔ دوٚ یمہِ دوٚہ دژ اس یور کُن۔ گاش پھوٚلہٕ وُن ووٚتُس بوٚ ریلوے سٹیشن۔ مےٚ أس نندٕر کھسان۔ کوٚٹھین آسم نہٕ ہیکتس زٕ دلنہِ۔ نندر ژٕ لراونہٕ باپتھ اوٚسُس بوٚ کافی داماہ داماہ چوان تہٕ مےٚ یامتھ کلہٕ تھوٚ دتُل مےٚ وُچھ مارفا پیٹرونا أس مےٚ لرِ اتھس کیٚتھ تاسہٕ پیٚٹھ ہتھ کھڑا۔۔۔۔۔ 'ارکیڈی ایوانووِچ۔ بوٚ ونے یَتھ سفرس نسبتھ ژےٚ پیشنگوئیَ۔۔۔۔۔ ونیہِ؟' ۔۔۔۔۔ سوٚ أس قسمت وُچھنس منٛز سبٹھاہ تاک۔ مگر بد قسمتی چھےٚ یہِ زِ مےٚ وۄن نہٕ تس پیشنگوئیَ کرنہٕ باپتھ بلکہِ گوم دہشت تہٕ ژوٚلُس تہٕ أتھی سِتی ہیٚژن ریل گاڑِ تہِ نیرٕنۍ۔ از اوٚسُس بوٚ ہوٹلہٕ پیٚٹھ ڈِنر کرنہٕ پتہٕ یِہوے گوٚ بیوٗمُت ہیوٗ پٔنٕنس کمرس منٛز ہِتھ سگریٹ دُہادُہادِوان اِدسو پیٚیہِ وأتتھ۔ تمِس اوس سبز ریشمہِ ہُنٛد پوشاک لأگتھ۔ سلام کرنہٕ پتہٕ لُجم پرژھنہِ۔۔۔۔۔ 'آرکیڈی میون یہِ پوشاک اویہِ ژےٚ پسندٕ ے؟'' امسکاتہِ ہیکہِ نہٕ یتھ سُوتھ۔۔۔۔۔ (امِسکا أس سانہِ ملکچ اَکھ تھدِ درٕجچ قأصِب سُٕنٛز باے۔ اصل پأٹھی چھِ أسمژ سانوِ پتھ کالچوٚ کنٛجر انیومنٛزٕ اَکھ یَس ماسکوہس منٛز پلوسوٚ وِنٛچ تربیتھ دِنہٕ أس آمژ۔ خوٚبصوٗرتی منٛز أس زن آفتابُک اَڈ)۔ سو پھیرٕ مےٚ کُن۔ مےٚ ترأو پوشاکس کُن نظر تہٕ امہِ پتہٕ ترأو مےٚ تہنٛدِس بتھِس کُن غورِ سان نظر تہٕ وۄنمس۔۔۔۔۔ 'مارفا تعجب چھُ ژٕ چھکھ یِمو معموٗلی کتھو باپتھ مےٚ نِشہِ یتھ بُلی پانس پیزٕ ادِوان'۔ درجواب وۄننم کمہِ نازواندازٕ۔۔۔۔۔ 'ہنہ۔۔۔۔۔ خداے گُرنےَ رأچھ۔ آرام کوٗتاہ ٹوٹھ چھےٚ۔ امہِ وِزِ گوٚ ژھےٚ نہٕ کانٛہہ تہِ خلل کرُن۔ چھناپوٚ زمےٚ تہِ سوٚنٛج تس نِشہِ موکلن پاے تہٕ ووٚنمس 'مارفا۔۔۔۔۔ بوٚ چھُس خاندر کرُن یژھان۔ بوٚ اوسہٕ سَن سو پھونتہٕ ٹُکنٕز یژھان۔ ''ژےٚ اوسُے تمہِ کُےٚ شَر۔۔۔۔۔ امہِ سِتی گنڈی نہٕ کانٛہہ سوٚنہٕ دستار۔ لوٗکھ مادپنےٚ وُنہِ چھُس أکِس زنانہِ ہُنٛد کفن اوٚ دُرے تہٕ بیاکھ ہیٚژن ژھانٛڈٕنۍ۔ تِکرِتھ اگرے ژےٚ کُنہِ پٔنٕنِ من پسند زٔنی بنی تہِ یہِ تھأوی زِیاد زِ نہٕ روز کھ ژٕ ے خوش تہٕ نہ میلہِ تمِسے سکوٗن۔

بُلکہِ بنکھ ہدفِ ملامت تہٕ پڑتھ نفرٲسی اَسان تہٕ ٹسنہٕ ژٹان'۔ اَتھی ءَتہٕ دژ لیہِ سونبرتہٕ مےٚ گیہِ زن تِہنٛد بن پلون ہنٛز کھکھراے کٔنن۔ ونتہٕ ووٚنی ژٕ ے یہِ چھیٚنا حماقت تہٕ خرافات؟"

"مگر مےٚ چھُ باسان ژٕ چھُکھ بوٚ ہتان ونان" راسکولنکافن ووٚنُس......

"ویسے چھُس نہٕ بوٚ سہل سہل اپُز ونان" سیوادری گیلافن ووٚنُس سنجید پاٹھی تہٕ ظاہر اوس باسان زِ سہٕ ووتنہٕ سوالہِ کِس ژٕ کِس۔

"تہٕ پتھ کالہِ ......مطلب امہِ بروٚنٹھہ چھِتھاہ زانہہ بوٚت وُچھمتی ؟"

"ہہ...... بالکل......مےٚ چھُ وُچھمُت۔ مگر بس اکہِ پھِر ......یوٚ ہے از بروٚنٹھہ ۂ ری شیٚنےٚ مرِ ......مےٚ اوس اَکھ غلام۔ ناو اوسُس فِلکا۔ سہٕ دفناونہٕ پتہٕ ییٚلہِ بوٚ گرِ آس......مےٚ لوٚ ے حسبِ عادتھ فلکا ہس نادتہٕ موٚنگمس مار پیچ۔ مےٚ روٗ دنہٕ ظونہِ۔ مگر سہٕ ژاو کمرس اندر تہٕ گوٚ وتتھی المارِ کُن ییتتھ میون مار پیچ اوس۔ بوٚ گوس شبشدر رٕہتھ۔ پتھر بہتھ آو مےٚ یکدم خیال زِ سہٕ آو مےٚ بدلہٕ ہیٚنہِ کیا زِ تِہنٛدِ مرنہٕ بروٚنٹھہ کمی کینٛہہ گنٹہٕ اَس اَسہِ لڑٲے سپزمُژ۔ "ہیو کھوٚنہٕ وٹہٕ ژھیٚپیا ژےٚ ،کتھا کوٚ رُتھ میأنس کمرس منٛز اژنس جُرتھ'۔ مےٚ ووٚنمس خشمہٕ سان۔ 'کولہِ بدمعاشہ۔ ییٚتہِ گژھ دفاہ'......میون یُتے وُنُن تہٕ سہٕ دژ او واپس۔ پتہٕ آونہٕ زانہہ۔ مےٚ گٔرنہٕ یہِ کتھ مارفایہِ ہُنٛد بن کٔنن۔ مےٚ اوس خیال بوٚ پرناو تِہنٛدِ مغفرت تہٕ خاطرِ اِنجیلہِ مقدس مگر پتہٕ ووتھنہٕ مےٚ تَتھ تاژٕ ے۔ مےٚ آیہِ منٛد چھ"۔

"ژےٚ پزِ ی پان ڈاکٹرس ہاوُن"۔

"مےٚ چھُ معلوٗم......مےٚ چھنہٕ زُ ٹھیک۔ چانہٕ وننٛگ چھنہٕ کانٛہہ حاجتھ۔ پوٚز فکری چھمنہٕ تران ذٔلیل کیاہ چھِ۔ ووٚنگو وثوٗقہٕ سان چھُسے ونان۔ چانہِ کھوٚتہٕ چھُس بوٚ پانٛژھ گنہٕ طاقتور۔ مےٚ پزٕ ژھےٚ نہٕ ژےٚ زِ ژٕ چھُکھا مانان بوٚت چھِ بوزنہٕ یوان بُلکہِ

پرژھے یُتے ژےٚ چھیا پڑھ بوٗتن ہُندِس آسنس پیٹھ ......بس"۔

"نہ......بوٚ چھُس نہٕ یہِ مانان" رَاسکولنکافن ووٚنُس مغز چارِتھ۔

"مےٚ کیازِ چھِ لوٗکھ اکثرٕ ونان" سیوادری گیلافن ووٚن لوٚت لوٚت زنتہٕ پانٕ پانس سِتی کتھ کران تہٕ کلہٕ بوٚن کُن تراٚوِتھ۔ "پانا......سارٕی چھِ ونان ژٕ چھکھ بمار۔ تمیک مانہِ گوٚو یہِ کینژا بوٚ وُچھان چھُس......اَتھ منز چھےٚ نہٕ کہنہٕ صداقت۔ یہِ چھُ محض وہمہٕ۔ مگر توٚ ہند وُنُن چھُنہٕ صریحاً منطقی۔ بوٚ چھُس مانان زِ بوٗت پرٕہت چھِ فقط بمارنے لبنہٕ یوان مگر امہِ سِتی چھےٚ فقط یہِ کتھ صاف سپدان زِ بوٗت پرٕہت چھِنہٕ صحتمند نفرن بروٗنہہ کُن یوان یہِ کتھ چھےٚ نہٕ ثابت سپدان زِ تِہُند کیاہ چھُنہٕ وجوٗدے۔ بالفاظِ دیگر بوٗت پرٕہت چھِ......ووٚنگو اربن دربن نفرن چھِنہٕ بوزنہٕ یوان"۔

"نہ...... بوٚ چھُس نہٕ اتھ پیٹھ پژھ کران۔ رَاسکولنکافن ووٚنُس ڈبکہٕ ژٕ کراٚوِتھ۔

"اچھا......گوٚو چون خیال چھُ اَتھ برعکس" سیوادری گیلافن ووٚنُس بُتھِس کُن نظر اتراٚوِتھ"۔ مگر یَتھ ڈلیلہِ درجواب کیاہ وَنکھ ژٕ (بمہربانی دِی زِ سُرتھ سوٗنچتھ جواب)......بوٗت پرٕہت چھِ دوٚیمہِ اکہِ عالمکی مخلوٗق۔ اُکس تندرست انسانس یم نظرِ ینگ چھُنہٕ کانٛہہ جواز ے تِکیازِ سہٕ چھُ یمہِ سانہٕ بُتراٚ ژھُند نفرتہٕ تِہُند واسطہٕ آسہِ چارو ناچار یتھی دُنیاہس سِتی۔ تِمس چھِ لاٚزمن پننہِ مقصدٕچ فکر تھاوٕنس سِتی سِتی یمہِ عالمکی اصوٗل پالنٕی۔ کیازِ سہٕ چھُ اوٚزدوٗر۔ مگر ووٚنی یتھے سہٕ کانٛہہ سپدان چھُ تِہنز بنیاد چھِ نٹان تِمس چھُ یَتھ عالمس سِتی رشتے ژھینان تہٕ تس چھُ دوٚیمہِ عالمک احساس گنان تہٕ کانٛہہ یُتاہ زیادٕ علیل گژھان چھُ تیوٗتاہ زیادٕ چھُ دوٚیمِس دُنیاہس قریب واتان۔ تاکہِ تِتھے سہٕ مرِ دوٚیمس دُنیاہس منز داخل سپدنس چھُس نہٕ تارٕی لگان۔ مےٚ چھُ اَتھ خیالس واریاہ کال بروٗنہہ دَل دیتمت۔ اگرے ژےٚ مرنہٕ پتہٕ دوٚیمہِ عالمچہٕ زندگی

پٮ۪ٹھ یقین چھُے۔تیٚلہِ ہیٚکہٕ بوٗتن پرٮ۪تھن پٮ۪ٹھ ژٕ پژھ کرِتھ"۔

"مےٚ چھُنہٕ دویمہِ عالمچہِ زندگی پٮ۪ٹھ تہِ کانٛہہ یقین"۔راسکولنکافن ووٚنُس سیوادری گیلاف پیٚوٚ خبر کتھ سوٗچس۔

"تیٚلہِ......تیٚلہِ کیاہ بنہِ ہرگاہ تتھ عالمس انٛد رفقط زٕلرتہٕ زٕلرزٕ جی یٕ ژاسن۔یا تتھے کینٛہہ" سیوادری گیلافن ووٚن خیالہٕ کِسے عالمس منٛز۔

"یہ چھُ دراصل پاگل کول" راسکولنکافن سوٗنٛچ۔

"سون خیال چھُ زِ دویٚم دُنیاہ چھُ سٮ۪ٹھاہے وسیع۔ییٚمیک وِحاطہٕ اسی اندازٕ لگاوِتھ تہِ کرِتھ ہیٚکو نہٕ۔مگر اسی کتھ چھِ وناں سہ چھُ تیوٗتاہ بوٚڑ؟ اگرے زن سہ اتھ برعکس سٮ۪ٹھاہ تنگ آسہِ۔یتھ چانہِ کُٹھی روبچہ سوٗنب۔گامہٕ باشن ہنٛدِ غسل خانٛکی پاٹھی آسہِ۔ہلیہِ کھیوٚمُت۔زٕلربو آسبس اوٚتُس کھورمُت تہٕ کُنہِ انٛدِ آسبس نہٕ گاشہِ لئے تہِ اژان......تیٚلہِ......مےٚ چھے باضے راے گناں زِ دویٚم عالم آسہِ نہٕ امہِ زیادٕ"۔

"مگر ...... ژٕ ہیٚکہٕ نہٕ امہِ کھوٚتہٕ زیادٕ مکمل تہٕ پُر آسائش دُنیہک تصورے کرِتھ۔ون ژٕ چھکھ تتھ لایق؟" راسکولنکاف ووٚتھس ژکھِ ہوٚت۔

"مکمل؟ گوڈٕ اسی کتھ ہیٚکو تہِ وٕنتھ۔ممکن چھُ میون یہے نقشہٕ آسہِ مکمل۔تکِرتھ اگر مےٚ ونِن دویٚم دُنیاہ تعمیر کرُن بوٚ بناوٕہن یتے۔کوٚکر مُرس سوٗنب"۔

سیوادری گیلاف ووٚتھس اسان اسان مگر تٔہنٛدِس اتھ وُٹھ کمجارس منٛز اس نہٕ کانٛہہ دلکشی۔سیوادری گیلاف سُنٛد یہ جواب بوٗزِتھ پھٔٹ راسکولنکافس ترِ گنٛڈی۔سیوادری گیلافن تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ راسکولنکافس کُن نظرا کرِتھ ترووُن زیوٗٹھ اسن کھنگالہٕ۔

"ژٕ کر پانے اندازٕ" سہ لوٚگ تھدِ تھدِ وننہٕ......" اوڈ گنٹہٕ بروٗنٛہہ اسی اسی ازٕئی۔اسی اسی پانوٕنی اکھا کی سُند دُشمن گنزران۔تکیازِ اسہِ ماباں چھُ اکھ تیتھ معاملہٕ یُس وُنہٕ انزراونے چھُ......اسہِ تروو سہ پس پشت تہٕ لگی نہکے مغز ماری

کرنہٕ ۔ فضوٗل بکواس کرنہٕ ۔ أسی ڈٲلی پنٕنہِ نکتہٕ نِشہِ ۔ لٰہذا چھُ میون یہِ وُنُن روپیہ ہٕنز روپے درُس زِ أسی دوٗ شوے چھِ اَکی حالہٕ''۔

''بمبئی وننہِ مےٚ موخصر پاٹھی'' رَاسکولنکا فن ووٗنس شرارتہٕ سان ......

''ژےٚ کمہ غرضہٕ اوٗتھ مےٚ نِشہِ تشریف ۔ میٚے ...... مےٚ چھےٚ جلدی ۔ مےٚ چھنہٕ فرصت ۔ مےٚ چھےٚ نیرُن''۔

''بہترتہٕ افضل ...... چانہِ بینہِ ادوتیایہِ چھُ جناب لُژہن پیٹر پیٹروِچس ستی خانٕدرسپدن وول ۔ چھُنا؟''

''ہے مسٹر میانہِ بینہِ ہُنٕد ناو مۆ ہیٚیِ زبانِ پیٹھ نہ مۆ کرتِم سٕنز کانٛہہ کتھ ۔ مےٚ چھُنہٕ سمجی یوان زِ اگرے ژٕ پزی سیوادری گیلاف چھکھ تیلہِ کتہٕ چھُکھ ژٕ ستھ کلہٕ أتھ مےٚ بروٗنہہ کنہِ میانہِ بینہِ ہُنٕد ناو ہیٚوان''۔

''مگر کیازِ؟ اَخرس بۆ چھُس یورتھ ہٕنزِ ے کتھ کرنہ آمُت ۔ لٰہذا کتھِ روزِ تو ہنٕد ناو زبانِ پیٹھ ہینہِ نِشہِ باز''۔

''اچھا چلو وَن کیاہ چھےٚ وَنُن ...... مگر دوہن لحظن منز''۔

''مےٚ چھُ باسان اگرے ژےٚ محض اوٗ ڈ گنٹہٕ بروٗنہہ لُژہن وُچھمُت آسہِ تھن یا فقط تٔہنز حقیقت بۆ زِ ہرٕ آسہِتھ ۔ ژےٚ آسی ضروٗر تس نسبتھ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ رائے قائیم گرِ ہرٕ ۔ سہٕ چھُ مےٚ ہوورِ وتہِ أشنا و لٰہذا چھُ مےٚ تو ہنٕد سورُے اول وانگن پتاہ ...... سہٕ چھُنہٕ ہرگز تہٕ ادوتیایہِ لایکھ ...... گُجا سو ...... مےٚ چھُ پوٗرہ ہتھ زِ ادوتیا رو مانو نا چھےٚ محض پنٕنہِ ...... پنٕنہِ خاندانہ باپتھ پنُن پان چھپہِ دِوان ۔ سو چھینہٕ عقلہِ کأم ہیٚوان ۔ مےٚ اوس گُمانہٕ ہتھ کنہِ زن مےٚ ژےٚ متعلق بۆ زمُت اوس زِ اگرے رشتہٕ ژھینہِ ژےٚ وآتی پنٕنس منس سوکھ تہٕ اوگجہ ٹھنٛڈ بن پیٹھ گنٕز رنس لایکھ مفادو باپتھ دِکھنہٕ ژٕ تس یہِ قوربٲنی ہرگز تہِ دِنہٕ ۔ اِدٕ ووٗنی وُچھمکھ ژٕ مےٚ خود بذات تہٕ بۆ چھُس ووٗنی اتھ نسبتھ پوٗر مطمین

یٖیلہِ زن اوٚتام اوس یہِ محض میون اَکھ اندازٕ"۔

"مگر ژٕ چھُکھ یہِ پنٕنہِ بیٚہِ مشک ہیٚنہٕ ورأے ونان۔ بےٚ ادبی معاف......امہِ ہٕتی چھُنہٕ چانہِ عقلمندی ہُنٛد کانٛہہ ثبوٗت میلان"۔ رَاسکولنکافن وٗنُس بِلا خوف۔

"ژےٚ مانیٚتھ مطلب زِ بوٚ چھُس پنٕنہِ کُنہِ مطلبہٕ یہِ ونان۔ روڈیٚن رامانووِچ ژٕ روز بِلا وسواس۔ اگر مےٚ پٕتُن کانٛہہ غرض آسہِ ہے تیٚلہِ کرٕ ہانٕہ بوٚ ژےٚ ہٕتی امہِ صفأیُ سان کتھ باتھ۔ بوٚ چھُس نہٕ وَنہٕ وو تھمُت۔ بوٚ ونے ژےٚ یہِ کتھ تہِ صاف پأٹھی زِ بوٚ چھُس اَکھ نفسیأتی دولابن منز ہہنہٕ آمُت نفریسُنٛد مزاز اُتی ہتران تہٕ اُتی تتان چھُ۔ وُنی رژھ کھنڈٕ برونٹھ کوٚر مےٚ پنٕنہِ لولُک بول بجائٕنتھ ژےٚ نِشہِ اِظہار زِ شکار اوسُس بوٚے لولکہِ تیٖرُک۔ مگر ووٚنی...... ووٚنی چھُنہٕ مےٚ اَکھ رژھ تہِ توٚہنٛد سرٕ یہٕہ......حالانکہِ پننہِ طٔبی ییٚتہ تبدیلی پیٹھ چھُس بوٚ پانہٕ تہِ حأران۔ اُتی چھُ مےٚ بوزُن تگان زِ مےٚ چھِ واقعے کیاہ تام ڈٔلیل......"۔

"یہِ چھُ بکأری تہٕ بدکأری کُنی باسان"......رَاسکولنکاف وٗتھُس۔

"بوٚ چھُس پزی کُنی کأہل تہٕ میأنی کرتوٗت چھِ خراب۔ مگر مےٚ کیاہ راہ چھُ چانہِ ببنہٕ چھےٚ تمہٕ خوٗبیہِ یمو بوٚ سکھ متأثر کوٚرُس تہٕ دِلکہِ ووٗٹھ کڈنہٕ سببہٕ کرے یہِ مےٚ تس سو وأہیات تہٕ احمقانہٕ پیشکش۔ مےٚ چھُ پانس تمہِ غلطی ہُنٛد سَکھ احساس"۔

"خبر کرٕ پیٹھ؟"

"بوزوے تہٕ پننس حماقتس پیٹھ اُس مےٚ واریاہ برونٛہہ پیٹھ ندامت......اما اَکھ دوہ برونٛہہ پیٹھ گوٚم امیک شدید احساس قریب قریب پیٹرس برگ واتنہٕ وِزِ۔ ماسکوہٕ اوس مےٚ پوٗرٕ خیال زِ پیٹرس برگ چھُس بوٚ محض دوٗنیاہے پٔنٛز شریکِ حیات بناونکہِ غرضہٕ نیران تہٕ جناب لُذ ہنس چھُ پیٚرٕ نوٚن دیُن"۔

"دخل دَر معقولات معاف...... جناب......ووٚنی ؤنی تو مہربأنی کٔرِتھ جلد پننہِ

مطلبچ کتھ۔ مےٚ چھُ تعجلی أ کِس جایہِ گژھُن''۔

سبٹھا رُت...... مےٚ چھِ بڑ خوشی زِ ژٕ چھُکھ میأنی کتھ بوزنہٕ خاطرٕ تیار۔ یور واتنہٕ کہِ غرضہٕ تہٕ اکہِ خاص سفرُک پوٗختہٕ یرادٕ کرنہٕ پتہٕ پیٚو مےٚ ابتداہس اندر رکینٛہہ اہم انتظام کرُن۔ مثلن بچہٕ تھاوِم أ کِس پیچنہِ نشہِ۔ تِمن چھُ تتہِ پرٛتھ رنگہٕ آرام تہٕ بیٚیہ تِمن تہِ چھُنہٕ میون حاجت باسان۔ مےٚ پیٚو پنُن پان أکھ رُت مول ثابت کرنکہِ غرضہٕ سوٗرے ترکہٕ تِمنٕہ تراوُن۔ لٰہذا چھےٚ تِمن أنیکھ دولت۔ پانس کیٚت چھُمنہٕ مےٚ تمہِ سوأے کُہنٛہ روٗٹُمت یہِ زن مارفایہِ أکھ ژٔری بروٗنہہ مےٚ پننہِ اتھہٕ دیٚتُمت اوس۔ اِدٕ شُکر تہِ چھُ میانہِ باپتھ داہ درداہ۔ اوٗہ بےٚ ادبی معاف...... خأر آمدم برسرِ مطلب۔ بہر حال پننِس خاص سفرس پیٹھ نیرنہٕ بروٗنہہ یُس ووٗنی ختم سپدن وول چھُ کوٚرمےٚ طےٚ زِ لُذ ہن سُنٛد معاملہٕ ژھنہٕ أنٛزرأوتھ۔ یِنہٕ ژٕ ےٚ خیال گژھی زِ لُذ ہنس ستی ما چھےٚ مےٚ ازلی نفرت۔ مگر پرز چھُ یہِ زِ مارفایہِ تہٕ مےٚ ماباأن سپُد أہندی کِنہ جگرٕ تہِ، تمہِ ساتہٕ ییلہِ مےٚ کنِن گوٚو زِ لذ ہن تہٕ دوٗنیایہِ ہُنٛدِ رشتہٕ خأطرٕ دعوت دینک انتظام اوس مارفایہِ کوٚرمُت۔ خأر مطلب سوخن چھُ یہِ زِ ووٗنی چھُس بوٚ چانہِ ذٔسی ادوتیایہِ سمکھُن یژھان۔ تہٕ اگرے ژٕ مناسِب زانِکھ أسی کرو چانہِ موجوٗدگی یہِ منٛزٕ ے ملاقات۔ بوٚ ونہٕ ہأتِمس زِ گوڈٕنی پلہٕ نہٕ تس لذ ہنس ستی خاندر کرنہٕ ستی کانٛہہ شفہٕ بلکہ واتیس نوقصانے۔ تہٕ تمہِ پتہٕ ہیمہٕ ہأتس پتمین گُستاخین ہُنٛز معأفی تہٕ امہِ مزید کرٕ ہس داہ ساس روبلن ہُنٛد نذرانہٕ پیش یتھ سوغور بتہٕ کہِ تاونہٕ سببہٕ لُذ ہنس ستی خاندر کرِنہٕ...... یتھ کنہِ ہیکہٕ بوٚ تس لذ ہنس نِشہِ تھف ٹلنس منٛز مدد کرِتھ، تہٕ موکلہٕ یہِ قضیہِ مےٚ چھُ یقین زِ دوٗنیا چھےٚ نہ پانہٕ تہِ یتھ قضیہِ یژھان بشرطیکہِ تس نیر امہِ نِشہِ موکلنٛچ کانٛہہ سبیل''۔

''بلاشک چھُکھ ژٕ پاگل'' رَاسکولنکافن ووٚتنس چکھ دِتھ۔ ووٚنگو تیوٚ تاہ شرارت کھوٚتس نہٕ ییمہِ حسابہِ سہٕ ہأرتن اوس......'' بوٚ چھُس دپان ژٕ کیٚتھ چھُکھ امہِ آیہِ کتھ

کرنگ جرعت کران''۔ بوٚ اوٗسس زأنتھ زِ میأنی یہِ پیش کش بوٚ زِتھ ژٔلی ژٕے کرِ کھ نیرِتھ۔ مگر بوٚ کرے یہِ کتھ واضح زِ یوٚ دوے بوٚ امپر چھُس نہٕ مگر یم داہ ساس روبل چھِ تس کُنہِ معاوضہِ ورأے۔ یم نہٕ بوٚ وُگراو تکیا زِ مےٚ چھُنہٕ یمن ہُنٛد کانٛہہ حاجتھ۔ گوڈنچ کتھ چھِ یہِ زِ اگرے دوٗ نیا یم قبوٗل کرنہٕ نِشہِ انکار کرِ بوٚ کرِ یم تیلہِ بدل بدل اطرأفین پیٹھ خرٕچ۔ دوٚیم یہِ زِ میون ضمیر چھُ یَتھ کتھِ نِسبتھ صاف زِ اتھ پیشکشہِ پسِ پُش چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ شیطأنی مقصد۔ ممکن چھُ ژٕ ما کرکھ نہٕ وُنی کبس اَتھ پیٹھ پڑھ اما پتولا کن ترِ ادوتیا یہِ تہٕ ژٕے پانے فِکرِ۔ یہِ کتھ چھےٚ صحیح زِ چانہٕ ببنہٕ یسُنٛد مےٚ سبٹھاہ احترام چھُ ووت میانہِ سَکھ صدمہٕ۔ تس واتنو مےٚ تکلیف یِیمیک معاوضہِ تس بوٚ ادا کرِتھ ہیکہٕ نہٕ۔ مےٚ چھُ واقعے امہِ کتھِ ہُنٛد افسوٗس۔ یِنہٕ ژٕے گُمانہٕ گژھی بوٚ ما چھُس وونی یہِ رقم تس پنٛبن زیادتین ہُنٛد بدلہِ دِوان۔ یہِ کیا چھُ کانٛہہ معاوضہِ ...... نہ...... ترٛش کتھ چھےنہٕ بلکہِ چھُس بوٚ تس کم کاسہٕ فأیِد واتناوُن یژھان محض لوٗکن یہِ ہاونہٕ خأطرِ زِ میانہِ زندگی ہُنٛد مدعا چھُنہٕ فقط لوٗکن زَکھ واتناوُنے یوت...... مےٚ منٛز چھُ کانٛسہِ اتھ راشہِ ینکٕ صفت تہِ ...... وونی ہر گاہ میانہِ اتھ پیشکشہِ منٛز سَنجہِ کھٚسس سوٗنب تہِ خود غرضی آسہِ ہے بوٚ کرِ ہانہٕ تیلہِ امہِ رقمچ ننہِ وانہٕ پیشکش۔ یِیہٕ تہٕ کرِ ہانہٕ بوٚ یمن کرِژن تام رُوبلن ہنٛزٕ ے پیشکش یِیلہِ زن مےٚ پانژھ ہفتہٕ بروٚنہہ تس امہِ کھوٚتہٕ زیادٕ پیش کش کرے یہِ۔ تمہِ وِزِ اوس مےٚ پنٛن مقصد۔ مزید چھُ ممکن میون خاندرسیدٕ عنقریبی أکِس جوان کورِ ستی تہٕ امی ستی گژھن تم شک وشبہ دوٗر یم ژٕ ادوتیا یہِ متعلق مےٚ پیٹھ کران چھُکھ۔ أخرس پیٹھ ونے بوٚ کنی کتھ زِ لُذ ہنس ستی نیتھر کرِتھ تہٕ چھِ تس پونسے رٔٹنۍ مدعا تہٕ مطلب چھُ کُنے وونگو فرق آسہِ یژٕے زِ أکِس بدلہٕ لاگہِ سوٗ بٔیس مردس شیر۔ یِنہٕ ژٕے شرارتھ کھٚسی روڈین راما نو وِچ...... ژٕ سوچ ٹھنڈٕ دلی سان ژٕ کرسٕ نی پأٹھی میانین کتھن پیٹھ غور''۔

سیوادری گیلاف اوس یمہٕ کتھِ وننہٕ وِزِ سبٹھہٕ سنجیدٕ تہٕ پُرسکوٗن۔ ...... ''بوٚ چھسے

گلہٕ گنڈان امہِ مزید وٕنی زِنہٕ کھٕنٛڈ تہٕ''۔۔۔۔۔۔راسکولنکافن ووٚتنس۔۔۔۔۔۔''بہر حال چھےٚ یہِ پیشکش تہٕ ناقابلِ معافی گستاخی''۔ ژےٚ ہیکی نہٕ کُنہِ صوٗرتس منٛز معاف کرنہٕ یتھی''۔

''نہ تژھ چھنہٕ کتھ۔۔۔۔۔۔اگر ےٚ ژٕ تہِ چھُکھ سونچان تیلہِ ہیکہٕ نہٕ یتھ دُنیاہس منٛز پٔننین ہمسایٚن زَکھ تہٕ دوٚکھ واتناونہٕ سِوٲے کھٕنٛڈ تہِ کرنہٕ یتھی۔ تہٕ ووٚنی ہرگاہ کانہہ نفراکھ اَکس تہٕ کانٛسہِ ہنٛدِ باپتھ رُت کرن یژھان چھُ تمہِ نشہِ چھِس ریوٲیتی رسوٗم پتھ رٹان۔ بےٚ کاررسوم۔ یہِ چھِ سراسر حماقت۔ یٚمہِ سماجکۍ ٹھیکدر چھِنہٕ حیاتی منٛز کانٛسہِ تہِ رُت کرنُک موقعہِ دِوان۔ بوٚ ماونے کتھ۔ فرض کرو بوٚ زن مرِ تہٕ بوٚ کرِ وصیت زِ یہِ رقم گژھہِ چانہِ بینہِ دِنہٕ یِن۔ مےٚ چھُ پوٗرِ یقین سو کرِ نہ تتھ نکار۔ کیازِ۔۔۔۔۔۔سوسونچِ یہِ چھےٚ أکِس مُرِتس نفرِ سٕنٛز وصیت تہٕ سوٗرے مشرأوِتھ کرِ یہِ رقم قبوٗل۔ چھُنا پوٚز؟''

''نہ عانہِ ممکن چھُ سو کرِ انکار''۔

''نہ۔۔۔۔۔۔تہِ چھنہٕ ووٚتھمُتے۔۔۔۔۔۔سو کرِ ضروٗر قبوٗل۔ تاہم پزِ نہٕ اَسہِ اتھ پیٹھ مجادلہٕ کرُن۔ اگر نے ژٕ تہِ مانان چھُکھ تِ سہی۔۔۔۔۔۔ووٚنگو داہ ساس روبل اَکھ بوٚڈ بارِ رقم یکمشت میلُن چھُنہٕ گفہٕ کتھا۔ امہِ سٟتی ہیکہِ تقدیر یکسر بدلتھ۔ بہر حال میون اَکھ التجا چھےٚ۔ سہ گوٚ یہِ زِ میانہِ سارے کتھِ دأیرِ زِ پٔننہِ بینہِ بروٚنہہ کنہِ۔ میأنی یہِ پیشکش گٔری زِ تس ضروٗر کنن''۔

''نہ۔۔۔۔۔۔بوٚ ونس نہٕ ہرگز''۔

''بوز روڈی رومانوچ۔۔۔۔۔۔تتھ صوٗرتس منٛز پیٚیہِ مےٚ کانٛہہ تہِ ژھل کٔرِتھ پانہٕ چانہِ بینہِ سٟتی ملاقات کرُن۔ ووٚنگو بوٚ چھُس زانتھ میانہِ یژھہِ کوٗششہِ سٟتی واتہِ تس صدمہٕ''۔

''تہٕ ہرگاہ بوٚ تس چانٛی کتھ ونہٕ۔۔۔۔۔۔تیلہِ کرکھنا ژٕ تس سمکھنچ کوٗشش؟''

''وثوٗقہِ سان ہیکہِ نہٕ بوٚ کھٕنٛڈ تہِ وٕنِتھ۔۔۔۔۔۔وون۔۔۔۔۔۔ووٚنگو اکہِ پھِرِ چھُس بوٚ تس

پانہٕ سمکھُن یژھان''۔

''تہِ چھُے تیلہِ خام خیال''۔

''مےٚ چھُ افسوٗس زِ......خاأرِ ژٕ مازانکھ مے وُنہِ پؤرٕ پأٹھی......پوٚز ہے بوزکھ مےٚ چھُ فِکرِ تران أسی بنوشاید یارِ جأنی''۔

''یا ژٕے چھُے باسان أسی بنو پانوأنی دوست؟''

''کیا زِنہٕ؟''......سیوادری گیلافن ووٚہنس وُٹھ گمنأوِتھ جواب۔ أتھی ءَستی تُجِن ٹوٗپی اتھس کیتھ تہٕ ووتھ تھوٚد۔ ''پرٛژھ اگرے کرکھ مےٚ اوسنہٕ کہنٛہہ اراد ژٕے ءَستی ملاقات کرنٛک......تہٕ ژٕ پریشان کرنُک......خبر بوٚ آس گوڈٕ سرنے سوٗنچے ژٕے نِشہِ...... حالانکہِ مے تریواز صجن چأنس بتھس کُن نظر پیٚتھے فِکرِ زِ ژٕے چھُے نہٕ طبیعت ٹھیک''۔

''ژٕے کتہِ وُچھتس بوٚ از صجن؟''رَاسکولن کافن پرژھنس کھور وتلہِ زمین نیرِتھ۔

''مےٚ وُچھمکھ ژٕ الغأبہٕ......مے توٚ رتمی ساتہٕ فِکرِ زِ ژٕے تہٕ مےٚ درمیان چھے کیاہ تام کتھ رلان......خاأرِ ژٕ موگژھ پریشان۔ بوٚ چھُس نہٕ کأنسہِ ہٕنٛدِ بن ذأتی معاملاتن منٛز دخل دِوان۔ تاس گندن والین پیٚنٛن سأتھین ءَستی چھُنہٕ مےٚ زانٛہہ بوٚ مبرٕ ءکن کوٚرمُت۔ ذی العزت شہزادِ Svirbey چھُنہٕ مےٚ أچھ موٚہس یلہٕ تراوان یتھٕت چھُلتس میانہِ کتھِ بوزنہِ ءَستی لطف یوان۔ تہِ آسی ژٕے پتاہ سہٕ چھُ مےٚ دوٗر درراز أشناوتہٕ۔ بوٚ ہیکہٕ مادام پری لوکاف سٕنٛدِس البمس منٛز موجوٗد Raphael سٕنٛزِ میڈوناہٕ ہٕنٛدِس فوٹو وَس متعلق وضاحتی مضموٗن لیکھِتھ۔ یم چھُسے بوٚ ژٕے پنٛنہِ خصوٗصیٚژ ونان۔ بوٚ روٗدُس مارفا پیٹرو ناہٕ برابر ستن ؤرین ءَستی ءَستی۔ پرانہِ وِچ قِتھ کتھ چھےٚ بوٚ اوٗسس کھرچہٕ بازرس منٛز ویزامسکی سٕنٛدِس بورڈنگ ہاوسس منٛز روزان۔ غرض بوٚ چھُسے پرٛتھ کأنسہٕ ءَستی رلان۔ آ......وُچھسا پھوٚ کہٕ ڈوٗنس منٛز ہوائی سفر ماکرِ بوٚ برٛگیٚسس ءَستی۔ شاید''۔

''دسبٹھاہ رُت......یہٕ وتم یہِ سفر کرکھ شروع؟''

''کُس سفر؟''

''ہاں...... گوٚیہِ مشرب۔ سُے سفر یتھ نِسبتھ ژٕ پانے کتھ کران اوسُکھ''۔

''کُس سفر؟ اَچھ...... اچھا...... اچھا...... مےٚ گُر سفرٕچ تہٕ کتھ۔ خاٗر یہِ چھُ سبٹھٕے وسیع موضوٗع...... اگر ژٕے فِکر تری ژٕ کیاہ چھُکھ مےٚ پرژھان'' یہِ ونان ونان تروومٕی زوردار مگر موخصر اَسن کھنگالہٕ...... ''ممکن چھُ سفرس پتھ نیرنہٕ بجایہِ ماکرٕ بوٚ خانٛدر...... میانہِ خاطرٕ چھُ وُنی کٲنٛسہ جوٗرٕ تلاش کرنہٕ یوان''۔

''یتی آ''۔

''بالکل''۔

''ژٕے کیاٗزی کوٚرتھ یوٚت جلد تمیک سٔنز؟''

''مگر بوٚ چھُس گوڑٕ چانہِ بینہٕ ستی کتھ کرُن یژھان...... بوٚ چھُسے گُلی گنٛڈِتھ ونان مےٚ دِاکھ موقعہٕ۔ بس اَکھ موقعہٕ۔ خاٗر بیہٕ وُنی کٲنٛسہ خدائیس حوالہٕ۔ اوہو...... مےٚ کیا سا گوٚیو مشرب...... پننہِ ہمشیرِس وُنی زِ مارفایہِ اُس سومرِن وِزِ تام یاد۔ تمہِ چھِ چانہِ بینہٕ 3 ساس روبل دِنٕچ وصیت کٔرِتھ تھاوٕمٕژ۔ تتھ ہیکہِ نہٕ کٲنٛہہ بدلاوتھ۔ مرنہٕ بروٚنٛہہ اَکھ ہفتہٕ لیکھنو و مارفایہِ یہِ وصیت نامہٕ مےٚ بروٚنٛہہ کنی۔ ادوتیاہیکہِ یہِ رقم دوٚن تربن ہفتن تام وصول کٔرِتھ''۔

''ژٕ چھُکھا یہِ پوٚز ونان؟''۔

''بالکل...... تس وُنی زِ...... خاٗر مے اُسنٕز اجازت...... مےٚ زانی زِ پتھ خاٗدِم۔ بوٚ چھُس ژٕے نزدیکی ٹھہرِتھ''۔

سیوادری گیلاف تِتھے نیبر دژاو سہٕ لوٗگ گنی بُد پکنہِ تہٕ دروازس پتھ آو رازو منہنس ستی ٹھاسنہٕ۔



# (۲)

وَکھ اوس اَٹھ بجے ہیوٗ۔ یم دوشوے زٔنی اَسی بکالیف ہاوس واتنہٕ باپتھ تیز تیز پکان۔ یُتھ تم لُذ ہنس برونٹھے واتہن۔

''کیاسا سہٕ کُس اوس'' کوچس منز واتنہٕ وُنے پرژھ رازومنہن تس۔ ''ہے یہٕ اوس سیوادری گیلاف...... سُے جاۓ گیر دار پسندس گرس منز میانہٕ ہیٚنہٕ بے عزتی کرنہٕ آیہ ییٚلہٕ سوٚ تہنز نوکرأنی اَس۔ سہٕ اوس زن تمس بلایہِ لوٗ گمت۔ ذیٚہنس پتھ اَسس زنتہٕ سوار گمٕژ گتہٕ گیوٗ راوُسس کران یہِ ژرژتھ کڈٕتہنز زنانہٕ مارفایہٕ سوٚمس لگس تھپ کُرتھ گرہ منزٕ نیٚبر۔ پوٚتُس مُنج تمہٕ مارفایہٕ میانہٕ ہیٚنہٕ دوٗنیاہس مأنی۔ ہنکتہٕ منگہٕ گیہٕ بچأر کیٚنہہ دوٚہہ بروٚنہہ مُرتھ۔ از صبحنس اَسی اَسی تہنزٕے کتھ کران۔ مےٚ چھُنہٕ فکری تران ئبہ کیاز چھُس اُمس سیوادری گیلافس کھوژان ہیوٗ۔ یہِ آدیور زنانہٕ دفن کُرتھے۔ یہٕ چھُ عجیب موٚہیوٗ۔ تہٕ کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ شیطان فیال کرنس پیٹھ چھُ ہوٚل گنڈِتھ۔ اسہِ پیٚیہٕ دوٗنیاتس نِشہِ بچاوٕنی۔ اِی اوس سَے بوٚ ژےٚ وٚنن یژھان۔ بوٗ زتھ؟''

''سو بچاوٕنی'' ہے سہٕ ہوٗنی ہٕہر کیاسا کرَ۔ شُکر یہٕ روڈی ژےٚ وٗنتھ مےٚ یہٕ کتھ ...... ژموبرغم...... اَدوتیہٕ رومانونا دوٗنیایہٕ رأچھ کرٕنی گیہٕ سأنی کأم...... یہٕ شیطان کتہٕ چھُ ٹھہرِتھ؟۔

''مےٚ نَے چھے خبرٕے''

''ژےٚ کیاز پرژھتھس نہٕ؟ تعجب چھُ! خأربہٕ کرٕ پانے پتاہ''

''ژےٚ وُچھتھنہٕ سہٕ'' رژھا گوشِت پرژھُس راسکولنکافن۔

''بالکل، مےٚ وُچھ...... بلکہِ وُچھ مےٚ وارٕ''

''ژےٚ رۄٚ دیہ وَنِہ؟ ہنہ...... اصل پأٹھۍ وُچھتھنہٕ''۔ رَاسکولنکافن پرژھُس تتھٕ پأٹھۍ زنتہٕ پرٕژھے أٔسس نہٕ بیٚہان۔

''ہے جناب...... مےٚ رۄٚ دتو ہند نقش زنتہٕ کھٔنِتھ۔ بہٕ پرزناون سہٕ ساسہٕ مٕنزٕ۔ مےٚ چھُ تپالہِ ہُند پچھان۔ کانٛہہ تہِ وچھمُت بُتھ چھُنہٕ مےٚ مشان''۔

یمو دوشوٕے گرزٕ ژھِ کھٔنجہٕ ژھوٚپہٕ۔

''ہنہ...... تیٚلہِ گوٚو اصل'' رَاسکولنکافن ووٚننس۔ ''ژےٚ چھُیہِ پتاہ۔ مےٚ اوس خیال...... خأربہٕ چھُس ہمیشہٕ خیالنٕ منزٕ راوان یہ ہیکہِ ہے مےٚ وہمہٕ أسِتھ''۔

''مطلب؟ خبر ہا مےٚ چھُنہ چانہِ کتھے فِکرِ تران''۔

''اہنوٗ، تُہۍ سأری چھِوٕ اِی ونان'' رَاسکولنکاف ووٚتھس وُٹھ وُٹھۍ وُٹھۍ اَسن زاے ترأوِتھ۔ ''توٚہہِ چھُسوٕ بہٕ پاگل باسان۔ بوٚ تہِ اوٗسُس وُنۍ سونچان شاید ما چھُس پزی کنۍ ڈولمُتے تہٕ مےٚ وُچھ شاید کانٛہہ بوٗت''۔

''ونان کیا سا چھُکھ ژٕ؟''۔

''اہنسا اَتھ کیاہ وَنِہ کانٛہہ؟ شاید ہسا چھُس پزی بوٚ دیوانہٕ گوٚمُت۔ تہٕ یہِ کینژھا پتۍ مبن دوہن سپد یو شاید ہیکہِ تہِ میأنۍ خیال آرأیی أسِتھ۔

''ہَے ژےٚ...... روٚڈیا۔ ژےٚ ہے زَن ییٚہِ ٹنگہٕ ڈجے۔ تَلا مےٚ وَن تُمۍ کیاہ وون۔ سہٕ کیاہ کرنہٕ اوس آمُت؟''

رَاسکولنکافن دیتنس نہٕ کانٛہہ جواب۔ رَاز وٕمنہن گرمنغا ژھوٚپہٕ۔

''وولہٕ ساوونۍ ونے بوٚ ژےٚ پٔنٕنۍ ڈلیل'' تمۍ کٔر کتھ شروع۔ ''بوٚ آس ژےٚ نشہِ تہٕ ژٕ اوسکھ مٕژ نیندرِ۔ خأر کھیٚنا چیٚنا کرنہٕ پتہٕ گوس سیٚو دٕ پرافری سُندزٕیمی تاف اوس دُنہٕ تمسے ستۍ۔ مےٚ ہیوٚ تمن کتھ وٕنۍ۔ مگر تم کیاہ بوزٕ ہن۔ سیدِ سیٚو دہیوٚ گس نہٕ بوٚ کانٛہہ

کتھے کُرتھ۔ باسان اوس تِمن چھُنہٕ کھنٛۍ پلہِ پیٚوان۔ یا اَسی نہٕ بوزِنُے یژھان۔ مگر تِمن چھےٚ نہٕ رژھ تہٕ شرم گژھان۔۔ مےٚ نیوٗ پرافری لُمتھ دارِ کُن تہٕ لاجم تس ستی کتھ کرٕنۍ مگر تو تہٕ دژ اونہٕ امیک کانٛہہ فأید۔ سہٕ اوس نیٚبرۍ کنۍ کتھ تام سٕنتھ باسان مےٚ تہٕ لوٗکمس تِتھے کُنہ ونن تنگ یِتھی وُٹ مےٚ موٚٹھ تہٕ ییٚمس ییچھ بتھس تل مےٚ وون تِمس بکیٚتہٕ کرِن، ہیوبہٕ ہا پھاٹہ ناوے کاڈۍ کتھ بوزتا بےٚ شرما۔ اِدٕ تمی ترأو مرۍ مٕتہٕ آیہ نظراتہٕ بس۔ مےٚ ژاپ ژ کھ تہٕ وُٹھ ژاپان دراس واپس۔ یہِ بنے یہٕ ذلیل۔ مےٚ باسیے یہٕ تِھنٛز یہِ بڈٕ احمقأزی۔ زیمی تافس ژھنٛز نہٕ مےٚ تھوٚکھ تہٕ اَکھ کتھ کرمس نہٕ۔ وُچھوژے چھے نہٕ خبر ے۔ مےٚ سونچو وبو ہاوٕ یمن تماشہِ کیاہ بناوٕ ہا بوا تھ۔ بوٹلہِ ہس گوٚہل۔ مگر یِتھے بو ہیرِ وژھس مےٚ آو یکدم اَکھ خیال۔ ئلی ہیٚتہٕ غماہ اَسہِ کیاہ پریشأنی چھےٚ مےٚ تو رفکرِ اگر ے واقعی ژےٚ کُنہِ قسمُک خطرٕ آسہِ ہی یا بیٚیہٕ کینٛہہ تیلہِ اوس غم ہیٚون۔ ژےٚ پزی نہٕ سونچنٕے اگر ے تِمن پھہہِ تہٕ دِن۔ أسی کروکھ پتہٕ اَسناہ تہٕ اگر ے بو چانہِ جایہِ آسہٕ ہاو بُکراوٕ کھ تِم یہٕ تاہ نہٕ کأنسہِ وُنیستام بُکراوٕمتی آسہٕ ہن۔ وَن ژے پتہٕ کوٚتاہ شرمندٕ گوٚہھن تِم۔ کھرٕ یس وسکھ۔ دِکھ پھہیہٕ۔ پتہٕ ہیٚکو أسی تِمن نکہٕ وأری ذٕگتھ۔ پوٚز وولہٕ أسی تراوو کھ اسٕن کھنگالہٕ وٕنی"۔

"کتھ گژھِ شبقہٕ آسنٕ"۔ رَاسکولنِکافن دیتنس جواب۔ "مگر ژ کیاہ ونکھ پگاہ پتہٕ"۔ پانس ستی اوس سونچان۔ یہِ کتھ چھےٚ عجیب باسان زِ یِتھ موقعس تام آونہٕ تس خیالے رَازومنِہن کیاہ سونچہِ یِیلہِ تس حقیقت ننہِ۔ یِتھےٚ تِم یہِ سوٚنچ رَازومنِہنس ترٕاون بتھس کُن نظرا۔ رَازومنِہن یوسہٕ ذلیل پرافری سُند گرِ گژھنٕچ وٕنس تس اُس نہٕ تِتھ ستی کانٛہہ دلچسپی، تنہٕ اوس کوٚتاہ آمُت تہٕ گوٚمُت۔

وٕتس منٛز سمکھیو تِمن لُذ ہن۔ سہٕ آو وعدٕ مُطأبق اَٹھِ بجہٕ تہٕ اوس کمرٕ نمبر ژھاران۔ اَکھ أکِس ستی سلام دُعا یا کتھ کلام کرنہٕ ورأے درأے تِم ترٛیشوے

کمرس کُن ۔ گوڑ ژاورَ اسکولنکافِ ۔ تہٕ رٕتہِ اخلاقک اِظہار کرنہٕ رٔنگی موٗر لُذ ہَن وُزس منزٕ ے رژھِ کھنجہِ کھور۔ تہٕ کوٚ ڈُن کوٹ نالہٕ منزٕ نبر ۔ پلشیر یا آیہٕ وٗلی وٗلی کُٹھ منزٕ نیرِ تھ تہٕ لِتہٕ وچھِ پتھٕ کوٚ رُن پیٹر پیٹروچ لُذ ہنس استقبال ۔ دوٗ نیا اُس پتھٕ نس بٲیس خاٗر مقدم کران ۔ پیٹر پیٹروچ لُذ ہن ژاواند رتہٕ ازراہِ لُطف حالانکہ شانہٕ وو گناوِتھ کوٚ رُن یمن خوتوٗتن بروٚنہہ کنہِ سرخم کٔرِتھ نہایت ادبک مظاہرٕ ۔ مگر باسان اوس تکٔرِتھ تہِ سہ زن اوس گابر یومُت تہٕ وُنہِ اوس نہٕ سندأ رِتھ ہیوٚ کمُت ۔

پلشیر یا اُس باسان زنتہٕ رس کیسرِ گامژ ۔ زن اُسس کھڑ لیس وژھمژ ۔ تمہِ ووٗن تمن بانٛبرِ گول میزس أندی أندی بہنہٕ باپتھ یتھ اکھ سماوار گر بکان اوس ۔ دُونیا تہٕ لُذ ہن اُسی میزس دوٚ یو پاسو اکھ اَکس سیِٚد سیوٚ دبہتھ ۔ رَازومنہن تہٕ رَاسکولنکاف اُسی پلشیر یلیہ سیِٚد سیوٚ دبہتھ ۔ رَازومنہن اوس لُذ ہنس لرِ تہٕ رَاسکولنکاف اوس بینہِ اکہِ پاسہٕ بہتھ ۔

رژھِ کھنجہِ گیہِ لتہ ژھوٚپہٕ ۔

پیٹر پیٹرووچ لُذ ہَن کڈ زاٗنتھ مانتھ اکھ رومال چند منزٕ یتھ عطر ہران اُس تہٕ ووٗ تھراوِن نس اَکس فراخدل انسانہٕ سُند باس دِنکہِ غرضہٕ یُس زنتہٕ معموٗلی زانہٕ آو تہٕ کوٚ رُن پننہِ جایہٕ پوٗختہٕ قرار معاملس گیٔنی کڈنہ باپتھ ...... اَتھی دوران آیوس خیال زِ سہٕ ژھنہِ اوورکوٹ پیٛیہ نالی تہٕ نیرِ نیبر ییتھ تمن دوشونی زنہِ موٚ ہنوین سبق ہیچھناوِتھ یادِ پدر تھاوِتہٕ ییمہِ ستی تمن معاملچ نزاکت فکرِ ترِ ہے مگر سہٕ ہیوٚ کنہٕ تہٕ کٔرِتھ ۔ پیٛیہ اوسنہٕ سہٕ تذبذبس منز روزُن یژھان بلکہِ اوس یہندِ وطیرٕ چ یمن نشہِ وضاحت یژھان زِ توٚہند التجا کیاز آو اعلانیہِ طور ٹھکراونہٕ ۔ یہٕ اہ نافرمانبرداری کیاز ۔ اتھ پتہٕ کنہِ آسہِ ضرور کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ۔ یتھس معاملس منز چھُ گوڈا انوارِ امیک ژھوٚک کھرِ کرُن ۔

پیٹر پیٹرووچ سُند تعلق اوس لوٚکن ہٕندس تتھ طبقس ستی یم سماجس منز بُتھ کنی سبٹھاہ نرم تہٕ حلیم چھِ باسان مگر یتھے اگر کانٛسہِ ہٕندِ کسرِ شان گژھان چھک تیلہِ چھِ اکہِ

کُلِس تُلہٕ کُل بناوان۔ بظأہر چھِ بدل کتھ تام ستی سُزتھ آسان۔ مگر أندری أندرِ چھِ آسان چھکرنہٕ آمتۍ۔ تیۄت چھکھ لایہ پھلہٕ ہٹھ گژھان۔ پتہٕ چھِ أدرزٕٹ ہش اگادِ گژھان۔ سأری شائستگی تہٕ زندِ دِلی چھکھ ؤسی پیوان۔

اَتہِ گیہ بیٚیہ سارنے ژھوٚپہ۔ رَاسکولنکاف اوس پننہِ ہڈ درمی کِنۍ چورتہٕ باسان۔ دۄنیا أس نہٕ وُتاوِ لی مژ بحثہٕ ومباحثس تژ ونکھ دِنۍ یژھان۔ رَازومنہنس اوس نہٕ دخل دیُن کیُت کِہنۍ۔ لہٰذا أس پلشیر یا غبار ژھٹن یژھان۔

''سو مارفا بجأر چھےٚ موٗمژ۔ ژےٚ بوزتھٕ؟'' تمہِ کوٚر پنُن گفتگو امہِ اہم خبرِ ستی شروع۔

''آ بالکل۔۔مےٚ تہِ بۄز۔۔مےٚ وأ ژفور أشیٚچھ۔

''خأر......آ۔مےٚ چھُ باسان سفر آسہِ تُہندِ گو رۄ دمُت'' تُمی پرژھ سیٚدِ سیوٚد پلشیر یایہ۔

''آ......سمبٹھاہ آرام دِہ......بو کیاہ ونے شکریہ وِرِ ائے۔''

''یہ بۄ زِتھ گوس بو خوش تہ دونیاتہِ چھم باسان آسنہٕ زیادہ تھچمژ''

''یو چھبس جوان تہٕ جسم چھُم مضبوٗط۔ بو چھبس نہٕ تھکان۔ مگر ماجہِ وأ ژ واریاہ سختی''۔ دۄنیایہ دیُت جواب۔

''تتھ اوسنہٕ بیٚیہ کانٛہہ چارٕ۔ سفر اوس نہٕ یوٗتھہ تہٕ بدل کانٛہہ آرامدہ سوأری ژھارٕنۍ اوسنہٕ ممکن ............مےٚ کرے یہ راتھے توہہِ سمکھنچ واریاہ کوٗشش مگر بۄ ہیوٚکُس نہٕ تہٕ گٕرتھے۔ حالانکہ تمنا اوسم تِی خأر مےٚ چھےٚ پژھ سوٗرے کینٛہہ آسہِ رُتے سپدمُت کانٛہہ تکلیف آسنہِ ووتمت۔

''ہانہ نہ......محترم لُذہن۔ تمہِ حِسابہٕ گیہ سکھ بددلی''۔ پلشیر یایہ کوٚر اعلان ہیۄ خاص تیر لہٕ کِ انداز

''تہٕ اگرے دِمتری پراوکوفِچ اَسہِ سمکھہِ ہے نہٕ مےٚ چھےٚ پوٗر پژھ یہِ سوٗز پانہٕ خدائین سانہِ باپتھ ہاتھی بٔنتھ۔ أسی آسہٕ ہو حالٕہِ حأران گأمِتۍ۔ بالکل رأوِ مِتۍ۔ یہِ صاحب گوٚ وسہٕ جناب رازومنِہن'' تمہِ ووٚن لژہنس تسُند تعارف کرناوان۔

''یوٚ آسہِ ہا بخوشی آمُت...... راتھ''...... پیٹرووِچن ووٚنۍ دنڈ ٹکان ہیوٚ رازومنِہنس کُن تژھ ہِج نظرا ترأوِتھ یتھ منز دشمنی پرپڑان أس۔ تمۍ ترکراوِ بُمہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ روٗد خاموش۔ رژھاہ گژھتھ لوٚگُکھ وننہِ۔

• ییٚہِ چھُس یوٚتوہہِ یہِ تازٕ شیچھ وننہِ آمُت زِ سہٕ سیوادری گیلاف چھُ زنانہٕ دفن کرنہٕ پتے فوری طور پیٹرس بُرگہٕ خأطرٕ روانہٕ سپد مُت۔

''......یعنی یوٗ رٕی پیٹرس بُرگہٕ خأطرٕ'' ادوتیاہن پرژھنس زنتہٕ ہُشیار گژھِت تہٕ نظر ترأوِن ماجہِ ہٕنڈِس بتھس کُن''۔

''بالکل...... محترمہ! یوٗ رٕی خأطر تہٕ اَتھ منز چھُنہٕ شکھے زِتس چھُ خبر کیاہ غلط یراوٕ۔ نتہٕ کیاز کرِ ہے یِژھاہ عُجلت تہٕ باقے سورُے تراوِ ہے أکِس کُن''۔

''رحم خدایا۔ سہٕ دِیہِ نا دوٗنیاہس ییٚتہِ تہِ سو کھہِ سان ییٚہنہٕ''۔ ماجہِ ژٕج کرژکھ نیٚرتھ۔

''میانہِ حِسابہٕ چھُنہٕ ژےٚ تہٕ نہ رومانوٚہس ویٚسرنک کانٛہہ حاجت۔ ووٚنی گوٚو اگرے تُہو پانے تس ستۍ رأبطہٕ بڑاوُن یژھان چھِو تیلہِ چھےٚ کتھ بدل۔ میون تعلق یوٚ تام چھُ یوٚ چھُس حسبہٕ ہُشیار تہٕ یوٚ چھُس ژٕرٕی یافت کران سہٕ کتھ جایہِ چھُ ٹھٔہرِتھ۔

مےٚ چھُ دوٗ دتہٕ آب الگ الگ کڈُن۔ پتہٕ چھم پانس اختیار زِ کرِ دمہٕ تمن امیک سزا۔ یمہِ باپتھ وُنہِ ناوٕ گیہِ نہٕ نیٚرِتھ۔ یم خطاوار آسن''۔

''ہے ژٕ کرکھ نہٕ یقینے چانہِ کتھہِ ستۍ کأژاہ واہ گیم وٕستھ''۔ پلشیر یایہِ تھوو کلامہٕ جأری..... ''مےٚ چھُ سہٕ فقط دوٗیہِ لٹہِ وُچھمُت۔ مےٚ باسیوے سہٕ خوفناک۔ سبٹھاہ

خوفناک۔ مےٚ چھُ شبقہٕ بہتھ مارفایہ ہُنٛدِس مرنس پھُ سُے گوڈ''۔

''یہ خبر چھےٚ مصدقہٕ لہٰذا چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ شک''۔

مےٚ چھُنہٕ تہنٛزِ کتھِ ستۍ کانٛہہ تضاد تمۍ آسن تتھۍ حالات پأدٕ کرٕمتۍ ییٚمہٕ کِنۍ تس حوصلہٕ پھُٹ تہٕ موتہٕ بل وأژ۔ تہنٛدِس عام وطیرس تہٕ اخلأقی کردارس نسبتھ چھُس بو ہتھ فیصد تۄہہِ ستۍ اتفاق کران۔ مےٚ چھُنہٕ مولوٗم تس کأژاہ سانکنتھ چھےٚ ووٗنی یاونو مارفایہِ کیاہ ترٛ وو پتھ گُن تس کیُت۔ مےٚ ننہٕ تہٕ کینژ ن دوہن اندرٕ رے۔ آشکہٕ ورأے کرِ ییٚتہٕ بارٕ اطرأفی اگرے چند گرم آسبس۔ سہٕ وأتہٕ یکدم پرانہٕ دشایہِ۔ سہٕ چھُ عادتو کِنۍ بگریوٗمُت تہٕ سٹھاہ کمینہٕ بلکہٕ وَنوامہِ قسمہٕ کِنۍ لۆکن ہُنٛد سرغنہٕ۔ مےٚ چھُ خاص پأٹھۍ وننہٕ آمُت ییٚتھ پیٹھ مےٚ پڑھ چھےٚ مارفایہٕ یۄسہٕ بدقسمتی کِنۍ أہنٛدِس لولس منٛز گرفتار سپز پیٚو وأٹھ وٗری بروٗنہہ اوہنٛد قرضہٕ نکھٕ والُن تہٕ ییٚہ تہنٛدی کِنۍ ییٚمہٕ باپتھ تمہٕ سٹھاہ جستہٕ خأز کۆر تہٕ قربأنیہ دِژ آوأہنٛدِس أکِس تتھِس جُرمس پرٕ دتراونہٕ ییٚتھ پیٹھ أمِس سزا لگِہ ہے تہٕ مخولہٕ ورأے آسہِ ہےٚ وٗنی کیٚبس جیلس منٛز بنٛد۔ بیٚدردی سان تہٕ وحشیانہٕ طریقہٕ اوٗسن قتل کۆرمُت۔ تہنٛدی کِنۍ آیس کتھ کھیٚنہٕ۔ کیُتھ ذٔلیل نفر چھُ امیک ہیکو تُہۍ یکدم اندازٕ لگأوِتھ''۔

''خدایا رحم''۔ پلشیر یایہ دِژ کرٛ یکھ۔ رَاسکولنکاف اوس بہ ہوش وگوش بوزان۔

''ژٕ چھکھٕ پۆز ونان ژے نِشہٕ کیا چھُ امہِ سارِکے ثبوٗت؟ دۄنیاہن پرٛ ژھنس دِل ہُند رِتھ۔

''یو چھُس فقط تی تۄہہِ بروٗنہہ کُنہٕ دۆ ہراوان تہٕ کینژھا مےٚ رَاز دأری سان مارفایہِ دوٗن۔ مےٚ چھُ احساس زِ تۄنۆنی نکتہٕ نگاہہٕ کِنۍ چھُکھ یہ صاف کیس۔ اَکھ ژٕنیاہ أس شاید ما آسہِ وُنتہٕ پیٚتی روزان یس ناواوس راسلیخ، سو أس غأر مُلکی یۄسہٕ پونسہٕ ٹۆنکھ سۆدس پیٹھ دوان أس ییٚمہٕ تہٕ أس واریاہ کامہٕ کران۔ تس زنانہٕ ستۍ اوس سیوادری یس

نزدیکی تولُق تہٕ مشکوٗک رِشتہٕ۔ تِمس اُس اَکھ رشتہٕ دار بابے شاید باوزِ یوسہٕ تِمسے ستی روزان اُس۔ سوٗ اُس کھ تہٕ زٕر کورِ ہَن وٕہرِ پٔنڈاہہِ نتہٕ ما آسہِ ہے نہٕ ژوڈاہ وٕرشہِ کھوٚتہٕ زیادٕ کینژہہ راسلیچہِ زن اُس تسنٛز مَنہِ مُچھ۔ تَس اُس سو آرمِس زنتہٕ ووٚژھ کھران۔ سوٗ اُس تس کھکھُر دِی دِی مُسلہٕ تُلان۔ سخت بےٚ رحمی سان اُسس شلکھ کران۔ اکہِ دۄہہِ وُچھکھ تمہِ کورِ اوس بالا خانس اندر پان تزٕ ودِس تزٕ وومُت۔ ییٚلہِ اَتھ تفتیش کوٚرکھ فأصلہٕ آو دِنہٕ یہِ اوس خودکشی ہُنٛد معاملہٕ۔ عام کاروأیی کرنہٕ پتہٕ آو معاملہٕ وٕٹِتھ تھاونہٕ۔ مگر کینژہہ کال پتہٕ ننیوتس نچہ کورِ ہنہِ ستی اُس.........سیوادری گیلافن دست دراٗزی کٕرمژٕ تہٕ سبٹھاہ ظالمانہٕ طریقہٕ اوُسن تس یِزتھ لوٗٹمُت۔ یہِ چھُ پوٚز یہِ کتھ ہیچ نہٕ صاف پاٹھی ثأبت سپدتھ یہِ اطلاع اوس دِتمت ہیٚہ اکہِ زنانہِ یوسہٕ پانہٕ بدچلن اُس تہٕ تیمی سٕنزِ کتھِ بروسہٕ ہیٚکی نہٕ کٕرتھ۔ پُلسس نِشہِ آونہٕ دراصل کانٛہہ بیان قلمبند کرناونہٕ۔ سوٗرے اوس یہِ مارفایہِ ہنٛزن روٚپیٚن تہٕ کوٗششن ہُنٛد سوچھ۔ اتھ دراونہٕ کانٛہہ شل۔ لوٗکھ اُسی محض کنہٕ بھسرارے کران۔ تکِرتھ تہٕ چھےٚ نہٕ یہِ لوٗکٹ کتھا!۔ ژےٚ بوٗزتھ نارومانا! ضروٗر آسیتھ بوزمُت ییٚلہِ ژٕ تسندِ گرِ کأم اُسکھ کران۔ یہُنٛد گرِ موٚہنیوٗ فِلپ رٕتھ گٔنی چھُ شیٚےٚ وٕری بروٗہہ موٗدمُت۔ سہٕ چھُکھ یِزادِتھ مورمُت۔ یہِ چھےٚ غولأمی نِشہِ نجات دیاوِنک قونوٗن بنہٕ بروٗنہم کتھ"۔

"مےٚ چھُ بوٗزمُت زِ فلپن چھےٚ پانس پھأنسی دِژمٕژ۔ تی چھُ صحیح"۔ "مگر سہٕ کیازِ ووت پانہٕ مارس پیٹھ۔ اُسی ہیکوٗ ونتھ سہٕ چھُکھ خودکشی کرنس پیٹھ مجبوٗر کوٚرمُت تیوٗت چھُکھ تس پیٹھ ظلم تہٕ جبر کوٚرمُت۔ اُمی سیوادری گیلافن چھُبس سختی واتناوِمژٕ"۔

"خبر مےٚ چھُنہٕ یوٗتاہ مولوٗم"۔ دۄنیایہِ دِتنس زٕدٕ کرُون جواب۔ "مےٚ بوٗز عجیب کہأنی زِ فلِپ چھُ اوسمت اڈٕ پاگل ہیوٗ، فلاسفری اوسمت کران۔ باقے نوکرتہٕ اُسی ونان سہٕ اوس احمقن ہُنٛدی پاٹھی کتابہٕ پران روزان تہٕ سیوادری چھُس اوسمت

ٹأنہٕ ژٹان تہٕ لاگان۔ کینژاہ کُرتھی اوے، کنی خودکشی نہ زِلتس کیا اوس سیوادری زدوکوب کران۔ یِیلہِ بوأسس تہنٛدِ سُہ اوس نوکرن ستیٚ رٔت ورتاوان۔ تِمن اوس سُہ سخ ٹوٹھ تہٕ حالانکہِ فِلپِنہ مرنُک راہ آسی أمسےٚ کھالان"۔

"مےٚ چھُ بوزُن تگان" رومانو نا' ژےٚ گونڈتھ اچانک پاٹھی تہنٛز پکھ رچھنہٕ باپتھ ہوٚل"۔ لُذہِن دوٗنس وُتھ وُٹی مانہِ ساوی اَسن گرایاہ ترأ اوِتھ۔

"مےٚ چھُ معلوٗم سُہ چھُ پنٕنس دبس خبردار تہٕ انتہأیی چالاک اوسُمت بیٚیہٕ یوٚ تام زن زنانن ہُنٛد تعلق چھُ تہنٛدبن دِلن منٛز جاے کرنس منٛز چھُ ماہر، یمیُک مثال مارفایہٕ ہٕنٛدِ کھوٚتہٕ بیٚیہٕ کہنٛی ہیکہِ نہ آستھ لیس وہکھ حالاتن منٛز زوٗ دیُن پیوٚ۔ خأر میون مدعا چھُ فقط چأنی تہٕ چانہِ ماجہِ ہنٛز خدمت گذأری کرٕنی۔ بوٗ کروٗ بس نصیحت۔ چوٗنکہ تمی لاجہِ نوٚسرٕ کوٗششہِ کرنہِ یمیُک انداز بروٗنہٕ بخوٗبی لگاونہٕ ہیکہِ تِتھی توٚہی روزِ وِحسہٕ پانس۔ پٕنہٕ کانٛہہ غفلت کرِو۔ مےٚ چھُ دِل گواہی دِوان تس واتناون قرض خواہ عنقریب بیٚیہٕ کال کوٹھرِ منٛز۔ مارفایہ اوسنہٕ أہنٛدِ خأطرٕ کانٛہہ خاص دن دولت پتھ کُن تراونک رٔژھ تہٕ وسہِ کیازِ سوأس محض پنٕنین شُربن ہٕنٛدبن مفادن نسبتبھ سونچان۔ ووٗنی ہرگاہ کینٛہہ ترووُمت تہٕ آسِہن پتھ کُن تِتھ پٕتھ پکیاأی سُنٛد گذار۔ سُہ آسہِ معموٗلی یُس گرٕژن تام دوٗہن پوٚشیس۔ سُہ پوٚشِنہٕ وٗریس تہٕ تِتھِ وِبوہارَکس شخصس"۔

"لُذہن، پیٹرٕ پیٹرووچ۔ یوٚ چھسے گٔلی گنٛڈان" ادوتیایہ ووٗنس "سیوادری گیلافنی موکروونی مزید کانٛہہ کتھ۔ امہِ ستیٚ چھُ مےٚ تو ہس ووتھان"۔

"سُہ اوس وُنی کینٛہہ کال بروٗنہہ مےٚ سمکھنہِ آمُت"۔ گوڈنچہِ لٹہِ پٕنہٕ ژھوٚپہٕ ٹکھ دِتھ دیُت رَاسکولنکافن اِطلاع۔ تم سأری گےٚ حأران تہٕ سارِوے پھیوٗ رروخ تٔسی کُن۔ لُذہن زنتہٕ اَسمانہِ پیوٚو۔

ڈوڈ گنٹہٕ بروٗنہہ ژاوسُہ میأنس کمرس منٛز۔ تمہِ ساتہٕ اوسُس پوٚشونِکتھ۔

بو کوٗرنس بیٚد ارتہٕ کرنوونس پُنن تعارف''۔ رٔاسکولنکافن تھوو کلامہٕ جأری...... ''سُہ اوس ہشاش بشاش تہٕ مطمین تہٕ وومید چھبس أسی بڑاوویاٗز۔ مٔژری ونے بیٚنی سُہ چھُ بڑٕ بیتاب ژےٚ سٟتی کرِ ہے ملاقات۔ وُنۍ تسہِ مٔنز کرم مدد۔ تس چھے اکھ تجویز پیش کرٕن ژےٚ تہٕ مےٚ ووٚنُن تہِ سورُے۔ تمۍ ووٚن مےٚ پتہٕ زِ مارفایہ چھےٚ مرنہٕ برونٹھ اکھ ہفتہٕ وصیت کٔرمٕژ یتھ مٔنز تمہِ ژےٚ ترےٚ ساس روبل تھأوۍ مٟتۍ چھی۔ تہٕ تم واتنہٕ ژےٚ عنقریبے''۔

''شکر خدا یس گُن'' پلشیر یا یہ ژٕچ کرٕ کھ نیرِ تھ...... تہٕ نألی کر اسس کربن موٚنہِ۔ ادوتیاژ تہِ گری زبس دعاے مغفرت''۔

''یہ چھُ پزٕ'' لُذ ہنس ژوٗل بےٚ ساختہٕ نیرِتھ۔

''ون ساپیٚہِ کیاہ ووٚننے''۔ ادوتیلیہِ پرٕژھ بوقہٕ پھوٚلت رٔاسکولنکافس''۔

''تمہِ پتہٕ ووٚنُن سُہ چھُنہٕ تیوٗتاہ أمیر۔ سورے جاداد تۄ رُم شُربن یم وُنی کمِن أکِس ماسہِ سٟتی روزان چھِ۔ پوٚتس ووٚنُن سُہ چھُ مےٚ نزدیکی کتہِ تام روزان۔ مگر کتہِ تہِ چھُم نہِ پتاہ کیازِ مےٚ پرٕژھنہٕ تس......''۔

''مگر دۄنیایہِ کیا تجویز چھُ پیش کرٕن یژھان''۔ دہشت زدہٕ پلشیر یا یہ پرٕژھ تس تھدِ ہٹہِ کرٕ یکھِ دِتھ۔ ''تمۍ ووٚ نیا کینٛہہ؟''۔

''آ......ووٚنُن''۔

''کیاہ ووٚننے؟''

''تہِ ونے بو پتہٕ'' رٔاسکولنکافن کوٚر زبو گلف تہٕ لأجن چاے چیٚنۍ۔

لُذ ہن وُچھ گرٕو کھ۔ ''مےٚ چھُ ضروٗری وُنی کمبسِ نیرُن۔ اکھ کاربأری معاملہٕ چھُ أنوُرن۔ بیٚیہ پزِ نہٕ مے ٹیٚی مداخلت کرٕنی''۔ تمۍ ووٚن پھٔٹمتہِ دِلہٕ زنتہٕ ٹیٹھ پھرٕ أوہو أسہٕ ہس تہٕ أتھی سٟتی ہیوٚتُن ووہ تھٔن۔

''کوٚت نیرکھ، پیٹر پیٹر وِچ دۄنیایہِ وۄننس ............'' ژٕ نے چُھت گوڈے وونُمت از شامس بیہکھ ژٕ اَسی ءتی، بیٚیہِ اوسُتھ ژٕ نے لیوٚ کھمُت میانہِ ماجہِ چھُے کیاہتام پرژھُن۔

''بالکل......سوے أس کتھ۔ اود تیہِ رومانونا'' پیٹر پیٹر ووچن دِیتنس متأثر کرونہِ اندازٕ جواب دُبارٕ پتھر بیہان بیہنان۔ مگر ہیٹ تھأوِن وُنہِ اتھسے کیٚتھ۔ ''بو اوسس واقعی ژٕ نے نِشہِ تہٕ چانہِ یژتھ بند ماجہِ نِشہِ اکہِ اہم نوکتچ وضاحت یژھان۔ چۄنکہِ چون بأے لالہٕ چھُنہٕ مےٚ تھی سیوادری گیلاءفِنی کینٛہہ تجویز توٚہہِ باوِنی یژھان تہٕ مےٚ تہِ چھنہٕ بوزٕنچ خاءہش لہٰذا بو تہِ ہیکہِ نہٕ ننوانہٕ پأٹھی کتھ کٔرتھ......بیٚین برونہہ کنہِ ............تِمن خاص معاملن پٹھ یمن سیٹھے اہمیت چھےٚ......بیٚیہ تر ووِ توٚہہِ میون وزندار درخواست گأل کھاتس یتھ تعجلی أس۔

یہ باس دِوان زِ ہوا نوا چھُ کشید تہٕ زنتہٕ تس ءتی ظُلم کرنہٕ آو بیوٚ ٹھ لُذ ہن گوڈنکی پأٹھی دمدار طریقہٕ ژھوٚپہ کٔرتھ۔

''چأنی خاءہش زِسأنس ملاقاتس دوران گوٚ ژھنہٕ میون بأے لالہٕ یتھ اَسُن آیہِ رَد کرنہٕ میأنس وننس پٹھ۔'' ادو تیایہِ وو تُنس صاف پأٹھی۔ ''ژٕ نے لیوٚ کھُت میأنی بأے کٔری ژٕ نے بیعزتی مےٚ چھُ باسان اَتھ کرٕ ژٕ فی الفور وضاحت تہٕ توٚہہ پزٕ پانہٕ وأنی صلح صفأیی کرِنی۔ ہاں اگر ے روڈین ژٕ نے پزی بےٚ عزتی کٔرمژٕ چھے تیلہٕ پزِ تمس ہیٚنی تہٕ ہیٚیہِ تہِ معأفی''۔

پیٹر پیٚٹر ووچ رۄ دِپنہِ کتھِ پٹھ ڈٕ تھ۔

''بےٚ عزتی ءہندی تہِ چھِ واریاہ طریقہٕ۔ کانٛہہ اِکھ طریقہٕ چھُ تیتھ آسان یُس ڈیٚٹھہ کیٚت کٔرِتھ تہِ، پتہٕ خبر کۄتاہ رُت کٔرتھ تہٕ مشراوُن لایکھ چھُنہٕ آسان۔ پرٕتھ کُنہِ چیزٕک چھُ اَکھ حد مقرر تہٕ یُس حدٕ اپور نیرِتھ گژھِ تس چھُ خطرٕ واتان۔ یُس امہِ حدٕ

ڈوٗل تُسند باز پھیرُن چھُ پتہٕ مشکل''۔

''میون مطلب چھُ بدل۔مےٚ ووٚن پیٹر پیٹر ووچ......''۔دؤنیایہِ ژٕس کتھ بےٚ تابی سان۔''مہربانی کٔرِتھ سمجھ ژٕ بو کیاہ چھُبس ونان۔سانٕی تعلقات روزن بڑ وٕہہ گُن تیلی ٹھیک ییلہِ کتھ پھُٹ کڈنہٕ ییہ۔یُتھ پٕلہ تیوٗت جلد معاملات درست سپدن۔ کیا زِسانہِ آیند کہِ رشتک دار مدار چھُ اتھی پیٹھ۔ بو چھُسےٚ ژٕے صاف پاٹھی ونان مےٚ چھُنہٕ اَتھ اند رتیوٗت کینٛہہ باسان۔ یہ گیہ کتھےٚ اَتی کھینٛی اگرے ژٕے بو گُنہِ قطارٕچ باسان چھُبےٚ۔ اَتھ سأرسے معاملس گوٚ وأزی وُنی ٹٔکھ دیُن یہ اَسی تن خبر کیُٗتاہ شدید تہِ۔بوٚ چھُسے بیٛیہِ ونان اگرے میانٕس بأپس راہ کھسہِ سَہ منگی ژٕے معأفی''۔

''تعجب چھُ! ژٕ چھُکھ نہٕ کتھ سمجھتھ ہیٚکانے ' لُذہَن ووٚہنس ، تس ژٕ وکیہ وارے ، تس گنٛڈن وارے رِیٛہہ۔''چون عزت رٔچھتھ بلکہِ ونے ژٕے ستیٚ خاندر کٔرِتھ تہِ چھُ مےٚ ، شاید گُنہِ شکہِ ورأے گژھِ آسُن تہِ ،یہِ اختیار زِچانہِ گرُک کانٛہہ فرد کرن بوناپسند حالانکہِ بوٚ چھُس دعویٰ سان ونان چون اتھِ میلتھ روزِ وٲسی خوش تہٕ خوشحال اوے چھُس ژٕے ستیٚ خاندر کرُن یژھان مگر بو ہیٚکہ نہٕ تژٕھ کأم کٔرِتھ یوسہٕ تہٕ مےٚ دِل مانہٕ ، یوسہٕ میانٕس طبعیتس برخلاف آسہِ''۔

''توبا!......پیٹر اہ رنجید گی چھےٚ نہٕ شایاں۔ پیٹر پیٹر ووچ'' دؤنیایہِ کرٕ پانیار ہأوِتھ کتھ۔''مےٚ چھُمکھ ژٕ ہمیشہٕ داناہ' نٕجن سمجن ووٚل تہٕ فراخدل زونمت تہٕ آیندٕ تہِ چھُبستھ تِتھےٚ وُچھن یژھان۔ ژٕ تہِ مولاگ ناسمجھ۔ مے چھُےٚ ژٕے ساری کھوٚتہٕ بوٚ ڈقول وقرار دیُتمت۔بوٚ چھُبس چانٕی سپدن واجبن شریکِ حیات۔ ژٕ کرٕمےٚ پیٹھ پژھ یہِ معاملہٕ تژٕ اومیٚہ پیٹھ۔بو کرنہٕ کانٛہہ طرفدأری۔یتھ معاملس منٛز میأنی ججل کرٕنی چھےٚ میانٕس بأپس رکُتہٕ تژٕھ ہے حأراں گُن یژٕھ چانہِ باپتھ چھےٚ۔مےٚ کوٗرأمس سخ باند باند از ملاقاتس ییٚنہٕ خاطرِ چانٕی پٕتھی واتنہٕ پتہٕ۔مگر مےٚ چھُنہٕ اَمس اِبشاہ تہٕ کوٗرمت

مےٚ کیاہ مطلب اوس۔ ژےٚ ترٕ نے اِمی تلہٕ فکرٕ...... ووٚنی نے ژٕ صلح صفأیی کرکھ......

......مےٚ چھُ تیٚلہِ توٚہہِ دۄ یومنٛزٕ أکی سُند انتخاب کرُن...... یہِ ہیٚککھ ژٕ ے تہٕ أستھ یا

یُو ہے۔ ووٚنی چھُوٕ دوشوٕنی معاملہٕ فہمی ہَنٛد ثبوٗت دیُن ژےٚ تہٕ تہٕ أمس تہٕ۔ یو چھبس

نہٕ یژھان میانہِ جانٛبہٕ گژھِ میأنس اِنتخابس اندر کانٛہہ غلط فہمی گژھٕنۍ۔ مےٚ چھُ ئرتھ

سوٗنچتھ فأصلہٕ کرُن چانہِ خاطرٕ چھُ مےٚ بأیس ہتی رشتس ٹُکھ دیُن تہٕ بأیس خاطرٕ

چھُکھ مےٚ ژٕ تراوُن۔ یہِ چھُ اہم فأصلہٕ۔ ووٚنی ترمےٚ فکرِ سہ چھامیون بوے بو چھبس

تہِ زانُن یژھان پتھ روٗزِ چأنی کتھ مےٚ چھُ وُچھُن بو چھیا ژےٚ ٹأٹھ، ژٕ چھکھا مے

عزت کران کنہ نہ تہٕ ژٕ ہیٚککھا مےٚ رُت خانٛدار أستھ''۔

''ادوتیہ رومانونا'' لُذہن ووٚتھس کھہرنہِ کھٔستھ...... ''چأنی الفاظ چھِ میانہِ

باپتھ نٔی پأٹھی چون مَدعاباوان۔ بوٚ نے چأنی الفاظ چھی میانہِ باپتھ تیٚر۔ سہ رشتہٕ نظرِ تل

تھأوِتھ یُس بوٗ ژےٚ ہتی جتلاوان چھُس۔ ہیٚکہٕ نہ بو کھٔنٛیٔنتھ چأنس عجیب اِظہارِ

بیانس پیٹھ۔ یہِ چھُنہٕ تیٚر تیٚلہِ کیاہ...... زِ ژٕ چھکھ أکس لونڈس تہٕ مےٚ أکی ترٔکر

لاگان۔ ژٕ چھیکھ سیوٚ دمانان مےٚ ہتی کرنہٕ آمُت وعدٕ ہیٚلکھ ژٕ پھرٕ أوِتھ۔ ژےٚ ووٚنتھ

''ژٕ'' یا ''سہ'' امہٕ ہتی چھُ ننان چانٛہن نظرن منٛز کیاہ وقعت چھےٚ مےٚ۔ سون رشتہٕ

وُچھِت ہیٚکہٕ نہ بو یتھِ رویک اجازت دِتھ............ رشتچہٕ ذمہٕ دأری ہُنٛد احساس گژھِ

دوشوٕنی آسُن۔ ژٕ چھکھ نہٕ قأبل بوز''

''کیاہ......ہنہہ......ادوتیایہ دِژ کھوٚرٹینڈِ پیٹھ کھألتھ زور کرٕ کھ۔ سو ووٚشلیہ۔

لس گوٚنڈُن نار۔ ''یو چھبس چون روتبہٕ لس برابر گنٛزران یُس وُنیستام میأنی کُل

کاینات چھُ یُس میانہٕ زندگی ہُنٛد موٗل تہٕ مُژ چھُ توٚ پہٕ تہٕ چھُکھ ژٕ ناراض گژھان تہٕ

ونان ژٕ چھکھنہٕ مےٚ اہمیت دِوان۔ یوٗت کیاہ طوٗفان چھُکھ ژٕ............''

راسکولنکا فن کوٚر رمز بوٚرت خند۔ راز وٚمنٛہن پھیوٚر بیٚیس اندس کُن۔

لُذہنن گرنہٕ ادوتیایہٕ ہنٛز صفأیی قبوٗل بلکہٕ گوٚنڈنس اتھ برخلاف لفظس لفظس پٔتھ نارٕ ے۔ باسان اوس سُہ چھُ امہٕ نشہٕ حض ٹٕلان تہٕ زورٕ زیر دِوان۔

''یُس برونٛہہ کُن چون شریکِ حیات بنہٕ تُسند لول یا نے خاندارٕ سُند لول گرٛھی ژے بأے سُندِ لولہٕ کھوٚتہٕ کتہِ کورٛ ژورٛ آسُن۔ بأے سُند لول کیاہ لوِ اتھ بروٚنٹھ کنہٕ''۔ سُہ وۄتھ أہنٛز اخلأقی ذِمہ دأری بیٚدار کران أمس کُن۔ ''بوٚ گرٛھہٕ نہٕ کُنہٕ تہٕ حالتس منٛز أمِس برابر تولنہٕ یُن۔ مےٚ تہٕ أمِس چھُنہٕ مقابلے۔ حالانکہِ مےٚ ونیومےٚ بوٚ کرٕ ہانہٕ تٕولنہٕ چأنس بأیِس تھی یمہٕ کتھہٕ پؠٹھ ژون ضِد۔ خأر ووٗنی چھُس بوٚ چانہِ قابلِ احترام ماجہِ نشہٕ اکہِ اہم نوٗکتچ وضاحت طلب کرٕن یژھان یٚیمہٕ کنٛہ میأنی کسِر شان سپٕز ہڑٕ چھےٚ۔ چون فرزندِ ارجمند ونان پھیوٚ رسہٕ پلشیر یایہٕ کُن ''چأنی ییمی نٔچوِ گرراتھ مےٚ رازموڈیکن سٔنٛز موجوٗدگی منٛز مےٚ چھُ باسان اِی چھے ناو.........معأفی دی زبم مےٚ چھےٚ چأنی ذاتھے مشرب گأمٕژ''۔(سبٹھاہ نرمی سان رازوٚ منٛہنس کُن سرخم گٔرِتھ منٛجن تس ناوٕ چہٕ غلطی پٔتھ معأفی)۔ سَکھ بےٚ عزتی تہٕ مےٚ ییم خیالات ژے برونٛہہ کنہٕ تھاوے یہٕ تم گرٕن غلط رنگہٕ پیٚش۔ ژے چھیہٕ یاد أسی أسی کأنی چینٛس دوران پانہٕ وأنی تمہٕ کتھہٕ کران۔ییلہٕ مےٚ ونیومے اگرے کأنسہٕ غریب کورِ ستی خاندر کرٕ ییمہٕ زندگی منٛز تکلیفے أتی آسن وُچھمتی اخلأقی کردارٕ لحاظ چھُ یہٕ زیادے اہم۔ چأنی نٔچوی دیُت عمداً میانن کتھن بدل رنگ۔ بڈٕتھ بوٗلتھ گرِنی میأنی لفظ پننہٕ آیہٕ پیٚش۔ تہٕ کھٕنٛی اہمیت دژنکھ نہٕ۔ أمی بناوی میأنی خیالات ٹھٹھ مسخرٕ لہٕ لایق۔ تہٕ یوٚ تام میون اندازٕ چھُ أہندِس اتھ جُرأتس ڈکھہِ اوس سُہ خط یُس ژے أمِس سوٗزمُت اوسُتھ ییمیک أمی اِشارٕ تہٕ دیُت .........مےٚ باسہِ پان سبٹھاہ خوش قسمت یزتھ بند خوتونی اگرے ژٕ پننہٕ امکانہٕ مےٚ مطمین ہیکِھ گرِتھ'' ژے کتھ بنیأز پٔتھ کوٚ رُتھ سُہ نتیجہٕ اخذ تہٕ تتھ پیٚش نظر کرتہٕ سوٗنچتھ سمجتھ مےٚ دُبارٕ زأنیاب۔ چون کیاہ خیال چھُ اَتھ نِسبتھ۔ ییٚیہٕ ونتہٕ مو

خصر پاٹھی مے ژے کمہِ حوالہٕ لبکھت روڈیس میانی الفاظ چھٹھ منز''۔

''مگر مے چھنہٕ کہنی یاد'' گلہٕ زبو گرشھت ؤ ژھ پلشیر یالتس درجواب۔''مے دوہراوِ چانہٕ کتھ تتھے کنہٕ یتھ کنہِ مے سمجھ ہیوک۔۔ مے چھنہٕ پتاہ روڈین کتھ کنی دوہراوی ژے بروٹھہ کنہِ تم الفاظ۔ ممکن چھُ اُمی آسبس نؤن مرژ وانگن رلو مُت''۔

''گوڈسہ ہیکہِ نہٕ نؤن مرژ وانگن کتھہِ رلِأ وِتھ۔ یوٚ تام نہٕ ژوٚتش دیہس'' سُہ ووٹھس۔

''پیٹر پیٹر ووچ'' پلشیر یالیہٕ کوٚر اعتماد سان اعلان ......''یہِ چھُ بوٚڈ ثبوت یمِہ کتھ ہُند زِ ادوتیاتہٕ مے چھُنہٕ چانین الفاظن ہَند کانہہ تیٛتھ غلط مانہٕ ژورمُت زِ أسی دوشوے چھے یتھی ژے ہمراہ بہتھ''۔

''واہ موجی واہ......صحیح ووٚنتھ'' ادوتیایہِ کوٚر ماجہِ ہُنز کتھِ تصدیق۔

''گوٚ ونابییہِ چھُ مے اے تقصیر'' لُذ ہنن ووٚ ئنکھ وارے ناراض گرشھتھ۔

''وُچھسا پیٹر پیٹر ووچ ژ چھکھ روڈی لیس الزام دِنس پتھ ہوٚل گنڈِتھ مگر یہِ ژے پانہٕ اُمِس نسبتھ لیوٚ کھمُت چھُتھ تہِ چھُ سراسر اپز'' پلشیر یالیہ وڈ ئنس ہنا ہمتھ گرِتھ۔

''خبر! مے کیاہ اپز چھُ لیوٚ کھمُت۔۔ مے چھُنہٕ یاد''۔

''آژے لیوٚکھُت رَاسکولِنکافن ووَنس یکدم لذہنس کُن پھیرِ نہٕ ورأے۔

''زِمے مے دِتی نہٕ پونسہ تس موٚنڈ یس خاندار مارِ اوس گومُت بلکہِ دتم تہنز کوراتھ (یوسہٕ مے یوٚ تام وُچھمِژ ے اُس نہٕ) ژے لیوکھُت یہ مے تہٕ میانین گرِ باژن مابان ناچاٗقی پادِ کرِنکہٕ غرضہٕ۔ ژے چھُتھ تس کورِ ہُندِس کردارس پیٹھ انگشت نماٗیی گرمژ یوسہٕ نہٕ زانہٕ ہیٛنے۔ ژے چھُتھ بہتان تراٗشی گرمژ۔ چانہٕ ژانگہِ دزٕونہٕ کتھٕ لبکھنک مطلب چھُ تی۔

''ہے دِم حضن معاٗفی جناب'' پھنکالن پھنکالن ووَنس لُذہنن۔ مے کوٚر

چانٕنِن صفتن تہٕ چال وچلنکٕ تفصیلی ذکر چانہِ بیٚنہٕ تہٕ ماجہِ ہٕنٛدِس اشارس پٹھ ییٚلہِ مےٚ تمولیوٚ کھ زِمےٚ کیُتھ باسیو کھ ژٕ تہٕ چانہِ ستی کوٗ تاہ متاثٔر گوس بو۔ ووٚنی یوسہٕ کتھ میانہِ چِھ مٕنز ژٕ ےاپزٕ باسے پی تتھ چھےٚ ژھوٚٹ وَتھ ژٕ ہاوتم زٕ ژٕ ے کیاہ کوٚ رُتھ نہٕ پونسہٕ افرلنہٕ تفرلنہِ۔ وَن تتھ گرس منٛز کیاہ چِھنہٕ تم نفر روزان ییم نہٕ ژٕ پونسہٕ تہٕ لون۔ سو کوٗر رٕ کوٗ ھ آسہِ۔ کاژٕاہ بد قسمتی ہُنٛز کتھ چھےٚ یہِ......وَن''۔

''یوٚ تام میون سونٛچ چھُ۔ مےٚ چھُ باسان ژٕ لوکھ نہٕ چانو تمام خوٗبیوسان اُمِس غریب بدقسمت کورِ ہُنٛز کسہِ برابر تہٕ۔ ژٕ شوٗبکھ نہٕ تُہند تلہٕ پٮ۪تٕمل تہٕ''۔

''ہنہ!......ژونتہٕ مےٚ تیٚلہٕ سو ہیکہِ ہنہ پننہِ ہمشیرس تہٕ ماجہ لرِلوٚ ربیہناوِتھ؟''۔

''جنابو مےٚ چھُ تہٕ گوڈے طے کوٚ رمُت۔ ژٕ اگرے بوزُن چھُکھ یژھان۔ مےٚ بیہناوسوازی ماجہ تہٕ بیٚنہِ ادوتیانس پھکِس ستی پھیوٚک رلاوِتھ''۔

''ژٕ ہبکگھاِتس ستی خاندر کرنک سوٗنچتھ؟''لڈہِن پرژھس۔

''مےٚ چھُ یہِ فاصلہٕ گوڈے کوٚ رمُت آ''راسکولنکافن وونس۔

''روڈیا'پلشیر یایہِ گرِس گُنی کرٕبکھ۔ دوٗنیایہِ گوٚ وقر مٕنز رنگ۔ رازوٚمنہِن چارِ بمہٕ۔لُذہِننِن وُٹھن پٹھ اوس زہرختہٕ۔

''ژٕ چھکھ ووٚنی پننو اُچھوٚ چھان ادوتیا۔ ہیکیا اَسہٕ دوٚن صلح گژھت۔ مےٚ چھُ باسان یتھ معاملس چھُ بیٚتی ٹکھ لگان۔ ووٚنی گژھِ نہٕ دُمرِاچھ کتھ ووٚتھنی۔ مےٚ اُسن اجازت۔ بونیرٕ۔ بوکیازِ سپدٕ تُہند بن خوشگوار گرگلی تعلقاتن منٛز مُخِل۔ بوکیازِ روزٕ بسرن شریک''۔ سُہ گوٚ وُ گرسیہ پٹھ تھوٚ دوٗتھتھ تہٕ تجن ہیٹ اتھس کنتھ۔''نیر نہٕ بروٗنٛہہ کرٕ عرض آیندٕ گژھ نہٕ بوٚ تٔہندِن ملاقاتن خاطرٕ بلاونہٕ یِن۔ بالخصوص چھُسے محترمہ پلشیر یاجی ژٕ ے درخواست کران کیازِمےٚ اُس ژٕ چھی چانہ ناوِ لِچھِمٕژ نہٕ زبدل کانٛسہِ ہنٛدِ ناوِ۔ ژٕ چھکھ عزت ماب موج۔ بو ہیکہٕ نہٕ تُہندِس دباوس تل تٔہندِ تُہندِ منشا مطابق پرٕتھ

کانٛہہ حرکتھ چارٕ ناو چارٕ قبوٗل کٔرتھ۔

پلشیر یایہٕ کھوٚت یہٕ ڈٲپٕ زِتہٕ کاڈٕہن نار۔"باسان چھُ ژٕ چھکھ سونچان اٚسی چھی مکمل پأٹھی چأنس تلفس تل۔بۄزتھٕ پیٹر پیٹر ووچ؟۔دۄنیا یہٕ ووٚنےٚ ژےٚ کتھ بناہس پیٹھ آیہٕ چأنی خوأہش رد کرنہٕ۔ژسنٛدی اِرادٕ اٚسی رٔتی۔ہاں ژےٚ اوسُتھ تمہٕ اندازٕ لیوٚکھمُت زنتہٕ بو چأنس حکمس تأبیا زُوان چھس۔اَسہٕ چھا چأنی پرٕتھ کانٛہہ خوأہش چون حُکم زأنتھ تسلیم کرٕنی۔یو وَنےٚ تل پیٹھ تھونہٕ ورأے ژٕ گژھکھ اَسہٕ بروٗنٛہہ کنہٕ نرمی ہاوُن۔ژے گژھی سون احترام آسُن کیازِ اَسہٕ تٕہ ووسورے اٚتی تہٕ وأتی چأنس بل بوتس پیٹھ لہٰذا چھی اٚسی اکہٕ حسابہٕ چأنین اتھن تل لگمتی"۔

"نہ......نہ......ہر گز نہٕ"قابل یزتھ خوتونی میأنس رحم وکرمس پیٹھ چھونہٕ خاص کٔرتھ ووٚنی ییلہٕ توہہٕ موٚقس پیٹھ خبر وأژمار فایہٕ ہُنٛدِ وراثچ۔ییمہٕ ستی ژےٚ کتھ کرنٕک اندازٕ ے بدلیوٚے"۔تمی ووٚنکھ طنزاً۔

"چانہٕ امہٕ کتھہ ستی چھُ بوزُن تگان ژٕ چھکھ سانہٕ مجبوٗری ہُنٛد فأیدٕ یژھان اوسمُت تُلن"۔ادوتیاہن ووٚنُس درٕہ کھسِتھ۔

"مگر ووٚنی نہٕ......بو ہیکہ نہٕ ووٚنی سوٗنچِتھ تہٕ تِہی چھوٚ مجبوٗر تہٕ میون کانٛہہ حُکم چلہٕ۔ بلکہٕ چھس نہٕ بو یژھان تُہنٛدِ خاطرٕ سیوادری گیلانی پوشیدٕ تجویزن دَل دِنس منٛز رکاوٹ بنٕن ییم تجویز تمی چأنس بأیس مٕٹہٕ تھأوی رٔتی چھی۔ییم مےٚ باسان چھُ چانہٕ خاطرٕ سبٹھاہ مفید آسن تہٕ قأبلِ قبوٗل تہٕ"۔

"توبا توبا......عفوٗ خدایا"پلشیر یایہٕ کٔر کنن تھپھ۔

"رازٕ ومنٛہن ہیوٚتھ نہٕ ووٚنی کُرسیہٕ پیٹھ قرار"۔

"ژٕ چھیکھ ناوٕنتہٕ شرمند گژھان میأنی ییٚنی،کمِس نفرس متلق اٚسکھ سونچان۔ تِژھے گژھیا خاندار آسُن یُس کوٚد کٕڈی کٕڈی یٕنٛدی کٕڈ"۔

''میانہٕ بایہ......اتھ روٗزنہٕ کتھ کرنس کانٛہہ گنجایش ۔ مےٚ چھےٚ شرم یوان پٲنٛس فٲصلس پیٹھ ۔ تمہِ دِیُتنس جواب ۔ اُتھی ءِتیٚ پھیر لُذ ہنس کُن ...... ''نیٖرِ وحضرت نیٖو تشریف''۔

لُذ ہنس زن تہٕ کلس پیٹھ نب ؤسِتھ آو ۔تس اوس نہٕ بہان تٔھنٛد بن کنن منز کیاہ وٲتی یم الفاظ ادوتیانہٕ زبوتس اوس پننہٕ پُرکشش شخصیژ دولتس تہٕ زالہٕ لگمتہٕ شکار چھِ بےٚ کسی پیٹھ پۄٚر بروسہٕ زِ سوژلنہٕ زالہٕ منز ۔مگر یکدم گوٚ وسأرہٕ تلکُ پیٹھ ۔ ہوٚنک روٗخے بدلیو۔لُذ ہنس ڈوٗل رنگےٚ تہٕ پراژ تجسس ووٚڑاے کرنہٕ۔

''ادوتیہ رومانونا......وارِ سونچ اگرے بہٕ درواز نیٖبر دژاس پتہٕ ہیٚمنہٕ بہٕ پوٚت پھیرنک ناوتہِ ۔ اگرے ژےٚ تیٚتھ خیال آسی زِ پتہٕ ییٚلہٕ مأل پھیری تہٕ بہٕ کیاہ ہیٚمےٚ ییٚہِ ناوتم چھی خام خیال ۔بہٕ ہیٚمےٚ نہٕ زانٛہہ ناوتہِ ۔ واپس پھیرن وول گوس نہٕ بہٕ ۔دوبارٕ سونچ ژٕ کیاہ چھسکھ کران ۔بہٕ چھُس نہٕ پُنن لفظ پھرٕاوان''۔

''ژٕ کیاہ دمکیہ دوان !''تمہِ وۄنُنس کژ یکھ دِتھ۔سوٕ ژھ ناگہٕ بُرا یہٕ ہنٛدی پأٹھی کُرسیہِ پیٹھ تھوٚد۔''مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ تماہ ژٕ یکھنا باز پھیرِ تھ۔......بۄزتھٕ''سونچ زنتہٕ پھنکنہٕ۔

''تے......گوٚیوٚ ہے چھُ حتمی فٲصلہٕ''۔تِمس اوس وۄنکبس انتہأیی شرارتھ تہٕ تہٕ حأرت تہِ ۔تس اوسنہٕ یقینے یوان زِ اَتھ منز ژوٗلس شکارٕ تہٕ یتھ حشمتس پیٹھ اعتماد اوسُس سُہ سوٗرے رلیوس خاکس۔''تیٚلہٕ چھایوٚ ہے اُخری فٲصلہٕ؟......مگر ژےٚ چھیہٕ معلوٗم ......بہٕ ہیکہٕ چارٕ جویی کُرِتھ۔مےٚ چھُ احتجاج کرنک پۄٚرحق''۔

''ہے ژٕ کیاہ ونان اُمس ۔ یتھ کُنہٕ اُمس ءِتیٚ کتھ کرنک حق گُمی دِتےٚ ژےٚ۔ ژٕ چھکھ دمکین پیٹھ دمکیہ دِوان''۔ پلشیر یایہ گوٚنڈُن نار۔سخت لجس منزٕ ؤژھس...... '' ژٕ کتھ پیٹھ کرکھ احتجاج ۔مُقدمہٕ کرِ کھا۔ژےٚ کُس حق چھے تمیک ۔بوٚ کرالعل ہشہٕ کورِ

ژٕ ہوس دۄن ساد رۄستس نفرس ستی نیتھر ۔ نیر ییتہٕ...... نیر جل جل۔ اَسہِ دِی سوکھ سان روزنہٕ !۔ یہٕ چھُ اِسی تقصیر اَسہِ مون یورپئن، غلط گۆو ۔ یہٕ خطا چھُ زیادٕ اے......"۔

"مگر توہہِ ہے بہٕ ناوِوولووس................" لڈہن وۆتھ شرارتہٕ ستی وۄری وۄری ...... "گوڑ کۆروم وعدٕ تہٕ وونی چھوٕ گۆل پھران......یئیہ......یئیہ چھبھنہٕ سونچانٕ مےٚ کۄتاہ خرچہٕ لۆگ توہہِ پٹھ......"۔

یہٕ اُخری تیر دژاو پیٹر ووچنہِ اَسہِ یتھ کُنی زِرا اسکولن کاف یُس تیشہِ ستی زرد یوٗمُت اوس ہیٚو کنہٕ اسن کھنگالہٕ رُکاوِتھ۔ تس گیہِ نیل۔ مگر پلشیر یا یہ گۆنڈُن امہِ کتھ ستی زیادٕ نار۔

"خرچہ ! کُس خرچہٕ تلساوَن ! ژٕ ما چھُکھ سانہِ ٹرنکھ کتھ کران۔ مگر جناب چانہِ اطلاع خاطرٕ چھبس ونان کنڈکٹرن بچاری رۄٹنہٕ اُتھ کانہہ پونسہٕ......ہنہہ...... اَسہِ دِی معافی یہٕ موون اَسہِ وولکھ ژٕ ناوٕ......ژٕ کمی دیتنٕ ڈنگ۔ وارٕ بوز ژٕ اے واجبتھ اُسی ناوِ۔ نرین زنگن زنتہٕ اَسہِ ڈنگ دُیُتھ ژٕ چھکھٕ اَسہِ راہ کھالان۔ یہٕ مہٕ وَن یہٕ چھُنہٕ ضابطہٕ......آ"۔

"تلے تژاو موجی کتھ.......... کلہٕ دَگ ہے وُژھ" دۄنیایہِ وونس "پیٹر پیٹر ووچ تلسا مہربانی کرِتھ نیر وونی"۔

"بہٕ نیر مگر اُخرس پیٹھ وَنے گوڑ بیا کھ کتھ" تس رۄدنہٕ پانس پیٹھ کانہہ اختیار تہٕ وۄنس ......" چانہِ ماجہِ چھُ شاید مشربے گۆمُت مے کۆر ژٕ ستی نیتھر کرُن تمہِ وِزقبۆل ییلہِ قصبس منز چانہِ بدنامی تہٕ بزگاری ہُند چرچہٕ اوس۔ سارٕ ہے ضلعس منز اُسی نہٕ دۄن پونسن ہُنز وقعت رۄزمژ۔ لۄکھ اُسی تھوٗ تھوٗ کران۔ پۆز مے بۆزنہٕ لوکہٕ گیلنگ کانہہ ولیہ۔ مے سونچ فقط چون۔ مے دۆپ ژٕ ہُری وقعت تہٕ لوکہٕ کتھن

لگی ٹکھ...... مے اوس پتاہ تُہی روزۍ ممنوٗن تہٕ رُت معاوضہٕ دیوٗم تہٕ ژ روز کھ وُمبرِ مشکوٗر۔ بالخصوٗص اَسہ نہٕ ژے نشہِ یژھ وومید۔ مگر شکر خدا یس کُن تُہنز خصلت وُچھتھ آیہ مے اَچھی مُژراونہٕ...... مے چھُ بوزُن تگان مے اَسی وُمبرِ گلی مؤرِنی۔ ژ کہِ کیاہ چھیو تو ہی ماجہِ کورِ.......... شکر مے نئیو وُنی.......... پرانیو چھُ وُنتھ تھوومُت۔ تُہنز کتھ چھےٚ نہٕ غلط آسان۔ وونمت چھُکھنا ہوٗنی لِٹس چھُنہٕ ورنیران۔

''ہے ژ ماچھُکھ یژھان بوگژھے ژے کلہٕ پھاٹناوُن ۔ ''رازوٚمنہن گوٚو شرارتہٕ ستی تھوٚو دوٚتھتھ...... ''بہٕ تُلے ٹیٹھِ لارِکی پاٹھی گردن''۔

''ژ چھُکھ دراصل ذٔلیل تہٕ خصلتہٕ خراب'' ادوتیاوٚ ژھس آوتاو وُچھنہٕ روٗس۔

''بس ...... بس ...... مہربٲنی کٔرِتھ ژٹیوٚ کتھ'' رَاسکولنکافن ڈِژ کرُکھ تہٕ رَازوٚمنہنس لوٚمُن پتھ کُن...... ''وٚنی کیس چھُنہٕ موقعہٕ'' ونان ونان گوٚو لُذہنس نزدیک تہٕ ووٚنس سبٹھاہ شانت پاٹھی تہٕ مانہِ سأوی انداز...... ''وونی موکلٕا کھ کتھ تہٕ نیو......''۔

پیٹر پیٹر وچن ترأوکینژن ژہن اَمِس نظر امگر بتھ اوسُس زرد یومُت تہٕ شرارتہٕ ستی آسُس نارٕ ژھٹہٕ نیران۔ اَمہِ پتہٕ پھیوٚ ر دروازس کُن تہ دژاونبر۔ مے چھُنہٕ باسان دُنیاہس منز آسہِ کأنسہِ ہِندِس دِلس اندر پیٚژ اہ نفرت کأنسہِ متلق روٗزِمژ پیٚژ اہ رَاسکولنکافنی نفرت یٚتھ سُہ نبر دژاو۔ تس تو رفکرِ اَمہِ ساری فِتنک گوٚڈ چھُ یہوے بس یہو ے رَاسکولنکاف۔ وٚنی لا یکھ کتھ چھےٚ یٚمہِ ساتہٕ سُہ ہیرٕ پاوبن وسان اوس۔ سُہ اوس سونچان معاملہٕ ووتہٕ اَتی اند کینٕہ۔ یِم چیز چھی آمتی۔ یہ کیاہ بڈٕ کتھ چھُ یِمہٕ زنانہٕ میٹھراونہِ چھےٚ سہل کأم۔ اتھ لِگنہٕ کینٕہ۔ سورُے گژھِ ٹھیک...... بیٚیہٕ۔



# (۳)

دراصل اوسنہٕ تِمی آخری ژ ہس تام تہٕ سوٗنچُمت زِ معاملہٕ کیاہ واتہٕ تتھ کنہٕ اند۔ سُہ اوس یوٗ تاہ پلیوس تیوٗ تاہ پُنن دباوتراوان۔ تِمی اوسنہٕ خوابس منز تہٕ شاید سونچُمت زِ زنانہٕ، مُفلس تہٕ نادار یمن نہٕ کانٛہہ ستھے باقی روٗزمژ چھےٚ کیاہ ہیکن تِہند بو اتھو تلہٕ نیبرِ تھ۔ تس اوس پنٕنس شانس، دوٚلتس تہٕ قووتس پٮ۪ٹھ تیوٗ تاہ اعتماد یُس کانٛسہِ تہٕ احمقانٛزی کرناوِہ۔ لُذ ہنس اوس پنٕنس تگنس پٮ۪ٹھ ناز کیازِ سُہ اوس پنٕنہِ محنتہٕ ستی اَتھ روٗتبس ووتمت۔ یٮ۪لہِ زن سُہ ژتُھ تہٕ اوسنہٕ۔ فرشہِ پٮ۪ٹھ اوس عرشس ووتمت۔ یٮ۪مہ کنہٕ سُہ خود پسندی ہُند شکار اوس۔ پنٕنس قابلیٚتس تہٕ ذہانتس پٮ۪ٹھ اوسُس ناز۔ باضے اوس شیشس برٛونٛہہ کنہٕ اِستادٕ روٗزِتھ پانس تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ پانے مٹھہِ مٹھہِ کران۔ تہٕ تس اوس فقط پننہٕ دوٚلتُک حُب یوسہٕ تِمی سبٹھاہ محنت مشقت کٔرِتھ بیٛتاوِمژ آس تہٕ اَمی دوٚلتن اوس سماجس منز تِمن لرِلوٚرتھوومُت یم تِہندِ کھوٚتہٕ تھدِ پایکی آسی۔

یٮ۪لہِ تِمی تلخ پاٹھی ادوتیاہس یہِ وۄن زِ تِمی کوٚرتس ستی خاندر کرنک فأصلہٕ امہِ حقہٕ کانٛسہِ ہُندِ ووٹ نہٕ دِنہٕ باوجوٗد تہٕ سُہ وۄن تِمی مکمل خلوٗصہ سان تہٕ دوٗنیایہِ ہنٛزِ احسان فراموشی سببہٕ یوسہٕ تِمہٕ پننہِ وطیرٕ تہٕ کتھوٕ ستی ہاو۔ ہاں...... یٮ۪مہِ ساتہٕ تِمی ادوتیاہس ستی خاندر کرنٕچ پیش کش کٔرن تِمہِ ساتہٕ اوس سُہ زانان اَتھ بدنامی لنٛڈ رچھنہٕ کانٛہہ حقیقت۔ یہ بدچلنی ہنٛزِ افواہ آس مارفایہِ پھہلاوِمژ تہٕ پتہٕ اوس توٚ تام تِمی امکہِ صداقت آسنہٕ نِشہٕ اِنکار کوٚرمُت تہٕ قصبہٕ کھولوٗکوتہِ اوس نہٕ اَتھ کتھ کُن گن تھوومُت۔ تِمن آس کتھِ ہنٛزِ گوٗج مولوٗم سینٛزِ مژ تہٕ مارفایہٕ ہنٛد طبعی ییٚچ تہٕ خبر۔ تِم آسی ساری بیک آواز ونان

ادوتیا چھےٚ شرمدار یٚنٛی تہٕ سُہ کتھِ ہیٚکہٕ اِنکار گٔرتھ۔ یَتھ کتھِ زِتس اوس خاندرُک تجویز کرنہٕ وِزِ یہ سوٗرُے مولوٗم۔ اِدتو پتہٕ تہِ اوس سُہ گمانہٕ کران زِ یہ چھُ توہندُے جُرعت ییٚمہِ دونیا ذلالتہٕ کہِ کھوٚڑ منٛز ہیٚو رکھألتھ پانس برابر تھأوتہٕ اوٚسُس باسان یہ چھُ توہند کمال۔ یہ ؤنتھ کوٚڈتمی أندریم غبار نیبر۔ یَتھ پتھ فخر گٔرتھ سُہ ویڑان اوسنہٕ کُنہِ امہِ خوش فہمی ہُنٛد اوس حض تُلان تہٕ پأنی پانس مٔتھِ مٔتھِ کران تہٕ یڑھان اوس امہِ بہادُری ہُنٛد داد گوٚڑھن سأری لُؤکھ دِنی۔ ییٚلہِ سُہ رَاسکولنکافس ستی ملاقات کرنہِ گوٚوتس اوس پان تُسنٛد محسن باسان ییٚمِک سُہ پھل کھیوٚن یڑھان اوس۔ سُہ اوس امہِ نیک کامہِ ہُنٛدی تأریف بوٗزنی یڑھان تہٕ ؤنی کیٚبس ییٚلہِ سُہ ہیرِ وسان اوس تس اوس باسان سُہ اوسنہٕ اتھ ناشایان سلوٗکس لایق تس پھرٕ ویمو نانہجار ودِل تہٕ تو گُکھ نہ پچھأنُن۔

ادوتیا أس تہنٛدِ خأطرٕ بےٚ حد ضروٗرت بنیمٕو۔ سُہ ہیٚکہِ ہے نہ تس ورأے روٗزِتھ۔ ؤریہِ وادو پتھ اوس سُہ خاندرِ کی حسین خواب وُچھان۔ مگر سُہ روٗد خاندرٕ خأطرٕ صبر کران تہٕ دولتھ جٔماوان۔ سُہ اوس باضے تنِ تنہا پتھ شوقس منٛز یتھ سونچان ٕ تسنٛز گٔرِ واجینٛز کرٕڑھ گڑھِ آسنی۔ تصورس منٛز اوس تس کورِ ہنٛز شکل انان یس ستی خاندر کرِہے۔ سو گٔژھ آسنی نیک سیرت۔ بوٚڈ یرہش جوان۔ خوٗبصوٗرت۔ پاکدامن اصل گرِچ تعلیم یافتہٕ۔ مگر بزدِل۔ کھوٗژی کھوٗژی پکن واجبن۔ ییٚمہِ مصیبت آسن وُچھمتی، یوسہ تس بڑونہہ کنہِ پھمبہ سپر ہش نرم روزِ۔ سو دُرس ومبرتس پکن محأفظ مانہِ۔ تس پوٗزا کرِتہٕ فقط تسنٛدی تأریف گٔری گٔری تھکان تہٕ آسہِ نہٕ۔ تمہِ أسی اتھ دلفریب تہٕ زندِ دِل خیالس پتھ کہیاہ عاشقانہٕ ترنگ تصورس منٛز أنی متی۔ ییٚلہِ تہنٛز یہ خأہش مکمل سپز تہٕ پتمین ؤربن ہُنٛد روٗچھمت تمنا مکمل سپد سُہ اوس ییٚمن خوشگوار خوابن ہُنٛد حض تُلان۔

ادوتیانہِ خوٗبصوٗرتیہِ تہٕ تألیمہِ نیٚوتس دِل مہتھ۔ تہنٛدی بےٚ کس تہٕ بےٚ ستھ آسنن نیٚو یہٕ تس گُن زنتہٕ ورگلأوِتھ ہیٚو۔ تس اوس باسان تس منٛز چھی تمو کھوٚتہٕ کتہٕ کور زیادٕ گون ییٚمن

ہٕنٛدی تمی خواب وُچھمتۍ اَسی۔ دونیاچھےٚ اکھ باصلاحیت کوٗر۔ اعلیٰ کردار واجبن، نیک اعمال تہٕ تائیمہِ واجبن یوسہٕ تس تہِ اکھ پۆ وہیٚورُے چھے (تمی کوٗرتہِ محسوٗس) تہٕ یہ روزِ وُمبرِ میانٛی لونڈی بنِتھ خدمت گذاری کران تہٕ میانہِ ہمیتچ مرہوٗن منت روٗزِتھ روزِ میانین کھوٗرن تل تلہٕ پتۍ ملکی پاٹھۍ تہٕ تس آسہِ اُمس پیٹھ مکمل تہٕ بےٚ حد اختیار یتھ نہٕ ہوٗن تہِ شریک آسہِ...... زیادٕ کال بروٗنہہ نہ کینٛہہ...... کمی کال گوٚو...... واریاہ سونچنہٕ سرنہٕ پتہٕ اَنٛی تمی پانس اندر اکھ تبدیلی تہٕ کوٗرُن پان سماجکین تھدِ پایہ کین کاربارن تہٕ لین دینٕ والین اندر شامل۔ امہِ تبدیلی ستۍ یم خواب تمی اعلیٰ سوسایٹی منٛز داخل سپدنکۍ وُچھمتۍ اَسی تمن باسے یوس ترنیران۔ اگرے اصل وُچھوسہٕ اوس حقیقتاً پنٕن قسمت شہرس منٛز آزماوُن یژھان تہٕ باسان اوٗسس اَتھ منٛز ہیکہِ اکھ ہونہار گرٕ واجبن تس واریاہ اتھٕ شہلاوِتھ تہٕ اَکس خوٗبصوٗرت قابل تہٕ اعلیٰ تائیم یافتہٕ زنانہٕ ہنٛدِ برکتہٕ گژھِ یہ کام سہل۔ توٚہند وجوٗد کرِ اعلیٰ کھوٚتہٕ اعلیٰ مقام والین لوٗکن تس کُن مائل تہٕ گوٚن تہٕنٛدی گون۔ تس کرن اَنٛدی اَنٛدی گتھ...... ادوتیانوٚ یموصفتواوس سُہ مُتۍ کوٚرمت۔ مگراتھ سارسے لوٚگ ووٗنی پھیش۔ امہِ بازاتھ منٛزٕ گژھِ نہٕ ستۍ زنتہٕ آتشنہٕ ترٛٹہٕ اوہنٛد اوٗلے زالتھ نیوٚ۔ یہِ اوسس ووٗنی اکھ مذاق باسان۔ سوٗرے اوس اکھ شُنی بنیو وُمت۔ "خداین کوٚرپنٕن رحم۔ خداینی بچر آوی اَسی"۔ پلشیر یایہ گرکنن تھھ۔ پوٚز زنتہٕ نیم بےٚ ہوشی منٛز اَس۔ تس اوسنہٕ فِکری تران گوٚو اَے تہٕ گوٚو کیاہ۔

تم ساری زن اَسی بجہٕ بلایہِ نِشہٕ آزاد گامتۍ۔ پانژھ منٹ تہٕ گیہ نہٕ تہٕ تم ساری اَسی نہٕ کُنہِ وسان۔ تیوٚت اَسی اَسان زنتہٕ عید اُسکھ۔ مگر دونیاہس اوس منٛزی منٛزی الہٕ پوشُک ہیوٚ رنگ گژھان تہٕ تھےٚ تس یاداوس پیٚوان زِ کیاہ معاملہٕ بنیو و۔ پلشیر یا اَسی کیٚر یمانہٕ کڈان زِسوتہِ اَس یُٹھ خوش (اَتھ آزادی پیٹھ) حالانکہ اَزی صبحنس اَس سونچان اگرے لُذ ہنس ستۍ رشتہٕ ژھینہِ یہ آسہِ تیٚلہ بڈٕ بد قسمتی۔ رازدِ منہنس آسہ یوٚتہٕ

پھوٚلان۔ مگر پننہٕ امہٕ خوشی ہُند بےٚ پھرٕوک اِظہار کرُنک اوسنہٕ وُنہٕ جرأت گرِتھ ہیکان مگر أندری کنی اوسُس باسان زنتہٕ دِلہٕ پیٹھ اکھ ٹن بار بوٚن وٕ وتھُس تہٕ لوٚ تیوٕ۔ تس اوس شادمرگی ہُند خطرٕ باسان تیوٕت کھوت تس شادمانی ستی جوش۔ وونی اوس سُہ تہنز خدمت کرٕنی تہٕ تمن خاطرٕ پان آیتن تھاوُن پنُن حق زانان۔ وونی ہیکہٕ کینہہ تہٕ بنتھ۔ پوٚز کھوژان اوس تہٕ خیأل گری بروٚنہہ کُن دورٕ ناونکہٕ ہاوسہٕ تہٕ أسس وُسوأسی پھٹان۔ امارا اسکولنکاف اوس ژھوٚپہ دَم گرِتھ پننہٕ جایہٕ ہتھ نہ ستھ نہ بتھ۔ وودأسی تہٕ بےٚ زارہیوٚ۔ حالانکہٕ تمسےٚ أس لُذ ہنس نِشہٕ نجات دیاوچ فِکر مگر وونی اوس تہنزٕ گنی پننین خیالن منز ڈُبیوٗمُت زنتہٕ یہٕ کینژ حالتہٕ سپدیوٚتھ ستی کانہہ واسطے اوسُس نہٕ ادوتیاہس گیہٕ امہٕ ستی وارے واہٕ ستھ سونچان اُس تس چھُ بوے شاید وُنہٕ ناراض۔ تہٕ پلشیر یا أس کھوٗژی کھوٗژی تس وُچھان۔

''سیوادری گیلافن کیاہ وۄنُے ژےٚ'' ادوتیاہن پرٕژھنس کتھ ہُند ڈسلابہٕ گرِتھ۔ أتھی ستی آیہٕ جاے بدلأوِتھ تمسےٚ نِشہٕ۔

''آہن سا...... سوکتھے أتی روٗز'' پلشیر یایہٕ پرٕژھنس وُتاوٗلی ہُندِ انمانہٕ ......۔

رَاسکولنکافن ٹُل کلہٕ تھوٚدتہٕ وۄنِس ''سُہ چھےٚ ژےٚ داہ ساس روبل دِیُن یژھان بٔیہ چھے اکہٕ پھِر میانہٕ موجوٗدگی منز سمکھُن یژھان''۔

ہپأری اوس لُذہنس خواب ہنگہٕ منگہٕ چھلہٕ چھلہٕ گرٕہنی وُبوٚ دُرتلان۔ اکھ رژھ ہاوے یَن خود پسندی تہٕ قودرتن نیوٚ سہلاہکی پأٹھی ییرٕ وألتھ۔ کتھ کرنس دِتنس نہٕ موقعہٕ ''...... یہٕ اوس سورُے تقدیُرک بوٚڈ مذاق تیمی نہٕ سُہ گنہٕ لایق تھود۔ خوش گفی ہُند کوٗتاہ سنگین نتیجہ دژاو.........'' لُذہن اوس سونچان۔ سُہ اوس أندری دوٗنیایہٕ ستھ سمسار وندان۔ تیتھ سرٕ یہہ اوسُس توہند زِتس ہیکے نہ وونی مشرأوِتھ۔ تس أس سوخابن ہنزٕ شہزأدی بنتھ مُتھ نوان۔ سُہ اوس پھنکان تہٕ نوِسرٕ کران۔

''نا......نہ......نہ......تہٕ بننہٕ......بس پگاہ۔ پگاہ کرٕ بہٕ معاملہٕ ٹھیک۔ ٹیٹھ میٹھ کروکھ تہٕ نیاے اَنز راوو۔ بیہ چھُتس دوڈ گگر کلہٕ پھُڑاون یُس امہٕ ساری فتنُک گوڈ چھُ۔کولہٕ......را......س......کولنکاف......بیہٕ گوم سہ بیا کھ۔کولہٕ ہوٗنی ہٕہر''۔سہ اوس رازوہنس متلق سونچان یُسند ناویاد پیوس نہٕ کینہہ۔مگر ستی ترووُن دِلہٕ منزٕ تہٕ ہنُد غبار۔ اماپوٗ زسیوادری گیلاف یاد پیٹھے پھٹس ترٕ گنڈی یُس اَکھ بوٗڈ خطرٕ باسان اوسُس......

''عفو......موخصر پاٗٹھی وار یاہ معاملات چھہٕ اَنز راونی''۔ یپاری وُٗژہ ادوتیاماجہٕ کُن لُزہٕنس وٗطیرس پیٹھ کن رٹتھ۔

''نا ے موجی......قصوٗروار چھبس سارِوے کھوٗتہٕ زیاد بوٗ ے۔بو گگے بلایہٕ''۔ ماجہٕ ہُندس ڈیکس موٗنی گرِتھ تس نالہٕ موٗت گرِتھ کوٗردٕ نیایہٕ اعتراف'' بوٗ ے تبلیاپیس اَہنز دولت وُچھت۔شوٗٹھہٕ وژھایہٕ وُنہٕ......مگر میانہٕ بایہٕ......بوٗ چھبس پننہٕ عزتُک قسم باوِتھ ونان......مےٗ اوسنہٕ گمانہٕ تہٕ یہ کیاہ آسہٕ یوٗتاہ رگر یومُت تہٕ کمینہٕ۔ اگرے مےٗ گوٗڈے یہ وُچھمُت آسہٕ ہے مےٗ آسہٕ ہے یکدم فکرٕ تورمُت مےٗ کِڈ ہانہٕ دِل ووٹھ اگرے اَمس دوٕ لٕکی کوٗہ تہٕ آسہٕ ہَن۔تہٕ اوسنہٕ سوالے۔پننہٕ مےٗ راہ لدکھ۔ میانہٕ بایہٕ بوٗ چھسے گُلی گنڈِتھ معاٗفی منگان............''ہُہ بیا کھ چھُم سمکھُن یژھان...... ہنہہ......کُنتہٕ حالتس منزٕ نہٕ۔تمہٕ چھبنہٕ کنھے۔بیہٕ کتہٕ اَنہٕ سہ سَتھ کلہٕ تہٕ دِیہ روبل۔'' دوٗ نیاوٗ ژھس۔

رَاسکولنکافن دیُت (یتھ زن ونوبے دلی اندر) سیوادری لیس ستی سپد یمتِس پتنِس ملاقاتس پھیر۔ ''مگر مارفاڈ اَنہٕ ہندِ شامتِ اعمالُک یُس تذکرٕ سپدمُت اوس تیچ کھیین عمداً کتھے۔دوٗ نیاوٗ ژھس سہ اوسنہٕ غاٗرضروٗری کتھہٕ دوٗ ہراوُن یژھان''۔

''ژےٗ کیاہ دِیتھس جواب''......بینہٕ پرٕژھنس۔

''ابتداہس منزٕ ووٗنمس بوٗ ونے نہٕ ژےٗ تہنز کہنی شیچھ۔تمہٕ پتہٕ ووٗن تمٕ زِ سہ

کرِ تیٚلہِ پڑتھ ممکن کوٗشش ژٕ ےٚ ستی ملاقات کر نکہِ غرضہٕ میانہِ مدتہٕ بغاٗرے۔ تمی دوٗن قسم ہاٗوِتھ مےٚ زِ تۄہند سہٕ ژٕ ےٚ ستی جذبہ تہٕ تاشوق ہاوُن اوس وقتی جنوٗن تہٕ ووٚنی چھُنہٕ تٔہندِس دِلس منز یتھ کانٛہہ مل باقےٕ......سہٕ چھےٚ یژھان زِ ژٕ گژھکھ نہٕ لُذہنس ستی نیٚتھر کرٕنی ......بس......خبر سہٕ زن اوس کتھو تلہٕ روومُت ہیٚو باسان"۔

"ژٕ ےٚ کیاہ تۄ رُےفِکرِ......روڈٕلی......کیُتھ نفر باسیوے؟"

"بۄ ووٚنے پۄ زُرےمےٚ ہیٚو کنہٕ سہٕ بالکُلےٕ سمجتھ......وُچھ بی......سہٕ چھےٚ ژٕ ےٚ داہ ساس روبل دیُن یژھان تہٕ ستی چھُ ونان تیٚوت اوسٕو دِ حال چھُنہٕ۔ سہٕ چھُ ونان بس داہن منٹن منز چھُس واپس روانہٕ سپدٕن مگر پتہٕ چھُس مشرےٕ گژھان زِ تمی کیاہ گٔریٚ تھ کانٛہہ کتھ۔ اٗتی چھُ ونان ووٚنی چھُ تس خاندر کرُن تہٕ اکھ کوٗر چھیٚن گوڈے وُچھِتھ تھاٗوٕمژ"۔ مےٚ چھُنہٕ یتھ کتھ منز کانٛہہ شک باسان زِ تس چھُ ضرور کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ فیلِ کرُن۔ دوٗ نیاوٗ ژٕ ھس اتھہِ موٗران مگر ژٕ ےٚ متِلق اگرے کانٛہہ منصوبہ آسہِ ہس تیٚلہِ کیازِ کرِ ہے یہِ تماشہٕ مےٚ بروٗنٛہہ کنہٕ۔ تیٚلہِ کرِ ہے بدل ژھل ورتاٗوِتھ پنُن مقصد پراونٕچ کوٗشش۔ رَاسکولنکا فن تھاٗو کتھ جاٗری۔ اچھا۔ مےٚ کوٗ رُےتس روٚپلر رٹنہٕ نشہِ چانہِ بدلہٕ صاف نکار۔ دوٗ ہمس یہِ اِندنہٕ گُلیتاٗ کیازِ یہِ اوس سُکھ عجیب باسان......مےٚ باسیو زن چھُ سہٕ پاگل گومُت۔ یا یہِ ہیٚکہِ مےٚ غلط فہمی تہٕ آسِتھ۔ بنان چھُ تمی آسہِ مےٚ بروٗنٛہہ کنہِ دیوانگی ظاہر گٔرمژ پنُن مقصد نظرِ تل تھاٗوِتھ۔ مارفایہِ ہٕندی مرگن چھُ باسان سہٕ موٗژ رومُت۔ سخ چھُس سنیومُت تۄ ہند مرُن"۔

"خداے گٔری نس روٗحس تسکین عطا" پلشیر یا یہِ موٗنگ تٔہندِ حقہٕ دُعا۔ "بۄ روزس وُمرِ وُمرانس دُعاے مغفرت منگان۔ خبر کوٚت اوس لگن اگرے سو وصیت گرِتھ ترےٚ ساس روبل سوز ہے نہٕ۔ مےٚ باسیو زنتہٕ اَسہٕ غمی خزانہٕ سوٗ زقو درتن۔ بوزورو ڈی۔ از صبحنس اٗسی اَسہِ فقط (۳) روبل چندس تہٕ ادوتیا تہٕ بۄ اٗسی اٗہنز گٔرٕ گروتھاونٕچ کتھ

سونچان۔ یتھ زن اٚمِس ووکھ نفرس (لذہٕنس) وہ زُم ہیٚون پیٚیہِ ہے نہٕ۔ یوٚ تام سُہ پانہٕ کھوٚ داتھ تُلتھ کینْہہ دِیہِ ہے نہٕ"۔

ادوتیاأس سیوادری ینی پیشکش بوٗزِتھ ششدر گمٕژ تہٕ واریاہ متاثر گاٚمژ باسان۔ سوأس اٚچھ زِ بنْد کٔرِتھ پالنہار سُنْد شکرانہٕ پران"۔

"تمی چھُ کیاہتام خطرناک منصوبہٕ بنومُت"۔ سوأس زن پانٔی پانس کنس تل ونان "اَسہِ چھُ بہتر واپس گژھُن" تہٕ زنتہٕ تھرتھرٕ وٗژھس رَاسکولنکافس تہٕ گوٚو اٚہنْدِ حدٕ روس ترہرِمژ آسنُک احساس۔

"مےٚ چھُ ترٛان فِکرِ" سُہ ووٚتھ بینہٕ کُن "مےٚ پیٚیہِ تس بیٚیہِ کہیاہ پھرِ سمکھُن۔

"أسی تھاوِو تمِس پتھ پوٚرٕ نظر۔ بوٚ پاون دب لرِ" رَازوٗمنہٕن ووٗہنس پوٚرٕ قوٗ وتہٕ سان۔ پأزِ سٕنْدی پأٹھی روزس زاگہِ۔ میانیوٚ نظر ونشہِ ڈلہِ تہٕ چھُنہٕ ووٗ تھمُتے تورٕ۔ غأب دِمس نہٕ گژھِ نہٕ۔ اٚندریم اول وانگُن اَنس کڈِتھ۔ روڈیٚن تھوو امیٚک اجازت مےٚ دِتھ۔ اٚمی ووہن مےٚ وٗنی "میانہٕ بینہِ ہُنْد خیال تھأوِو زِ"۔ چون تہٕ چھا اجازت محترمہ رومانونا؟"۔

دوٗنیایہِ گمنأوی وُٹھ تہٕ پلہ نووٗن پٔژن اتھٕ تس کُن معاہدٕ طے سپد نکہِ اندازٕ۔ اما بُتھِس پیٹھ اٚسس وُنہٕ پریشأنی نٔی پأٹھی پٔرِ یٕڑان۔ پلشیریا أس ووتلتھ تہٕ بوٚ ڈتھ تس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ اماترے ساس روبل ترٕ نکہِ احساسہٕ اٚسس وأنجہِ شیہلتھ پیٚوان۔

لگ بگ پنْداہ منٹ گژھِتھ اٚسی تم سأری گرم جوشی سان کتھ تام معاملس پیٹھ گفتگو کران۔ رَاسکولنکاف روٗ دکینژس وقتس بہ ہوش وگوش تہنٛزٕ کتھٕ بوزان۔ حالانکہِ پانہٕ کٔرن نہٕ اٚکھ کتھ تہٕ۔ کتھ اوس رَازوٗمنہٕنے کران۔

"اٚخر کیازِ؟ تُہی کیازِ گژھیوٚ واپس؟" سُہ روٗ دزنتہٕ وجدس منٛز یتھ ونان۔ پیٚیہِ کیاہ چھوٚ توہہِ تتھ لوٚکٹس قصبس منٛز کرُن؟ ساری کھوتہٕ ڈ کتھ چھےٚ۔ یٚیہِ چھِ سأری

یکوٹہٕ ۔ توہہِ چھُوا کھأ کی سُند ضرورت ۔ خاص کٔرتھ وُنی کینس چھ توہہِ زیادے اکھ اکی سُند حاجت ۔ توہی مأنیو میون...... کینژ کالہٕ باپتھ سہی ۔ خأرا گرے مے ستی شرکت وأری کٔریوٗ مے چھُ یقین اسی ہیکو تھکھنی لایق کأم کٔرِتھ ۔ منافع بخش کأم کٔرتھ۔

بوزِو............ بہٕ ونوٚ توہہِ ہنا تفصیلہٕ سان یہ پروجیکٹ چھُ کیاہ ۔ یہ چھُ أزی صبح جنس میأنس ذیہنس منز آمُت حالانکہِ تمہِ وِز مأ اُس یژھ کانہہ کتھے سپز مژ ۔ بہٕ ونوٚ توہہِ کیاہ...... مے چھُ اکھ پیٚتر ۔ بہٕ کرنا وٚتھو تہٕ ملاقات ۔ سُہ چھ سبٹھاہ ملنسار تہٕ یزتھ دار بزرگ اُمِس پیٚترس چھے اکھ ساس روبل دولت تہٕ پننہٕ گذار باپتھ چھُس پینشن تہٕ ہُمہ رقمک چھُس نہٕ کانہہ حاجتھے ۔ تِمس ووت پتم زٕ وری مے ڈیٹھ کیٚت کران سُہ رقم وٚزُم نہٕ باپتھ ۔ تہٕ سُہ چھُ شیٚے فیصد سوٗد منگان ۔ مے چھُ معلوٗم توٚہند مطلب کیا چھُ سُہ چھُ اصلی مے مدد کُرن یژھان ۔ پُرس اوسنہٕ مے امیک کانہہ حاجت ۔ مگر یہُس اوس مے مکمل اراد کوٚ رمُت بہٕ ہیمہٕ تس قرضہٕ تِتھے سُہ یوروانہِ ۔ پتہٕ دِیو توہی تہٕ مے پننو ترِٚیو ساسو منزٕ اکھ ساس تہٕ شروع کرنہٕ خأطرٕ چھُ یہِ رقم سبٹھاہ ۔ یتھٕ پأٹھی روزو أسی اکھأ کِس شریک تہٕ ووٚنی پرژھیوٚتھ کأم کیاہ کرو أسی؟"۔

امہِ پتہٕ لوگ رازو منہن پنُن پروجیکٹ ویژھ ھناوُن ۔ تہٕ فخرٕ سان ووٚنُکھ وِیژھناوِتھ سانہن تقریباً عام پبلشرن تہٕ کُتب فروشن چھنہٕ کہنی تہٕ پتاہ تم کیاہ چھِ کُتان ۔ ٹکو وٚتھمتی کارس منز ۔ تِکیازِ یو ہے چھُ وجہ کانہہ معروف پبلشر اچھنہٕ یِتہٕ...... امیک گرژھِنا علم آسُن چھاپُن کیاہ چھُ کیاہ نہٕ ۔ توہہ آسہِ نہٕ معلوٗم یِیلہِ کانہہ اصل تہٕ اعلیٰ میعارٕچ کتاب چھاپان چھُ سو چھے قأید مطأبق وار یاہ فأید دِوان ۔ باضے اگرے زیادے ہٹ گیہ کتاب تیلہِ چھُنہٕ شمارے نفع کوٗتاہ چھُ ۔ یہِ اوس صاف فکرِ تران زٕ رازو منہن چھُ پبلشر بنُن یژھان ۔ پتمی زٕ وری وأتی تس مختلف پبلشرن ستی کأم کرانٕ۔ تہٕ ترے یوٗرپی زبأنی چھُ اصل پأٹھی زانان ۔ حالانکہِ محض شیٚے دوہ برونہہ ونیو تمی

رَاسکولِنکافس ژِ ''جُرمن زبانی منز چھُس وُنہِ رژھا خامی یِیمہِ کِنہ نصف معاوضس عِوض اکہِ کتابہِ ہُنٛد نصف ترجمہٕ کرنُک جتن کریونس''۔ یہِ تمہِ محض اپُز وونمُت اوس رَاسکولِنکافس اوس معلوٗم وُنی کیٛبس تہِ چھُ سُہ اپُزٕے ونان۔

''اخرٕ اَسی کیازِ ترٛاووبازاتھ منزٕ خاص کٔرتھ یِیلہِ اَسہِ کامیابی ہُنٛز اصل کُنٛز یعنی پونسہٕ پٔنُن چھُ ...... پانس اتھ چھُ ............ رَازوٗ منہِعن وؤن سیٹھاہے ووٗٹہٕ یتھ ......''

اَتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک۔ کأم میلہِ واریاہ ............ لہٰذا چھِ محنت تہِ واریاہ کرٕنی۔ تہٕ اَسی کرواد وتیاژ، بوٗ تہٕ روڈی ترٛیشوے رٔلتھ میلتھ کأم۔ کتابن پیٹھ چھُ ازکل شاندار نفع میلان۔ اَتھ کارس منز چھےٚ بڈٕ کتھ یہِ زِ خبر گژھِ آسنی ترجمہٕ کتھ کتابہِ شوٗبہٕ کرُن۔ مےٚ چھُ تہِ معلوٗم۔ اَسی کروکتابن ترجمہٕ تہٕ روزو چھاپاوان۔ سبٹھاہ نفع میلہِ تہِ اَتھی سِتی ہر علم تہِ۔ میانہِ سِتی ہیٚکو اتھ کامہِ منز واریاہ فأیدٕ تُلتھ کیازِ مےٚ چھُ تجربہٕ ...... زٕ ؤری ووتُم ووٚنی پبلشرن سِتی ووتھان بیہان۔ بوٗ کیاہ کوٗنچہِ اوٚسہٕ کڈان۔ مےٚ چھِ امہِ کارٕ کی سأری ژھل تہٕ وَل ہیچھتھ نیمتی۔ یِم نہ سأ چھِنہٕ سنٛت تہٕ ساد آسان، یِم پیٚتی دیار سوٗ مبران چھِ۔ پھوٗ کو سِتی ماینکھ روپیہِ ٹٔنن برنہٕ مےٚ گرزِبو پژھ یِم تہِ چھِ یِمے ژھل ورتاوان تہٕ توے چھُس ونان اَسی کیازِ تراوون آمُت جل اتھ منزٕ، اَخرٕ کیازِ؟ مےٚ چھےٚ کتھ پٔنٕنی جایہ تھاوِمژ۔ زٕ نوے کتابہٕ چھےٚ میأنِس ذیہنس منزٕ یِمن ہُنٛد ترجمہٕ کرنچ اگرے بوٗ کتھے اُژ کأنسہِ پبلشرس کنن کرٕ کہیٚ نے تہٕ ہتھ روبل تراون میأنِس چندس محض کتھ اَسہٕ کڈنس پیٹھ۔ پتہٕ چھےٚ نہٕ کتھے یِیلہٕ تہٕ چھاپاون سو۔ یِمہ کتابہٕ چھےٚ ترٛژاہ اہم زِ اگرے مےٚ پانژھ ہتھ روبل دِنی محض ناووٚنس توتہِ کرنہٕ قبوٗل۔ تہٕ ؤنی تو توٚہہِ کیاہ سوٗنچو۔ یہِ چھےٚ ترٛژھ کأم اگرے بوٗ کأنسہِ پبلشرس وَنہٕ۔ مےٚ چھُنہٕ باسان سُہ کیاہ کرأ کِس رژھِ تہٕ پس وپیش۔ یِم احمق چھِ تیتی تیز آسان۔ ووٚنی رٔو دمعاملہٕ کاروبارکہِ پکناوٕنک۔ سُہ ترأوی توٚتھی مےٚ پیٹھ۔ یعنی پرنٹنگ۔ کاغذ تہٕ خریدأری ہُنٛدی معاملہٕ مےٚ چھےٚ تیچ

سأری وَتھ کتھ معلوٗم۔ تگرِ تھ أسی کرولو کٹھہِ پیمانہ پٹھ شروع تہٕ وارٕ وارٕ دِموس وسعت۔ أسی ہیکو پٔنٕز ژٹ میٹ بیٹاۆتھ تہٕ پٔنن سرمایہ کڈ وپتہٕ نیبر تہٕ نفس پٹھ روزِ کار پکان''۔

دۄنیایہِ تنٔبلیا یہ أچھ۔ ''چانہِ کتھ آیہ مے پسند۔ دِمتری پراوکوچ'' تمہِ وۄنس۔

''مگر مےٚ چھُنہٕ اَتھ کارس نسبتھ کہنٛہ تہٕ پتاہ۔ ٹکو ونوٕ''پلشیر یا یہ وونُکھ منٛز ی

''خدا ے زانان یہ ہیکہِ جان خیال تہٕ اَسِتھ۔ سانہِ خأطرٕ چھُ کم سے کم نوٚ وکاریتھ منٛز تہٕ أسی زانٛہہِ وُتھی ٕتی چھِ۔ چلو أسی ٹھہرو پیٚتی کینژس وقس''۔ یہِ ونان ونان وُچھن روڈی ئنٛدِس بتھس کُن۔

''کیا سابأے گاشہٕ چأنی کیاہ راے چھےٚ'' ادوتیاہن پرژھ تس۔

''مےٚ چھُ باسان اوٚہند خیال چھُ ٹھیک''۔ درجواب وونُس تمی۔ ''ہاں وۄنی ہیکو نہٕ اکہِ پبلشنگ فرمہِ ۂندی خواب وُچھتھ۔ البتہٕ پانژہ شےٚ کتابہِ شایع کٔرتھ ہیکو أسی یقینی طور کامیأبی ہُند اندازٕ لگأوتھ۔ مےٚ تہٕ چھےٚ اَکھ کتاب معلوٗم سوتہٕ پکہِ اتھواتھ۔ تہٕ وۄنی یوٚ تام زن یہ سوال چھُ زِ یہِ شخص ہیکیاہ امیک انتظام چلأوِتھ۔ تتھ نسبتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک یہ چھُ تیُتھ قابلِ منتظم...... یہِ چھُ کارس منٛز ماہر ...... یوٚ ز أسی ہیکو پتہٕ اتھ پٹھ ییٚہِ کتھ کٔرتھ''۔

''شاباش یارس'' ......رازومنہنن تراوِوۄ ٹہٕ ......''وۄنی بوزِوا کھ کتھ۔ ییٚتھی مکانس منٛز چھُ فلیٹ ییٚمسے مکانہٕ مألکہ سُند۔ یہِ چھُ سپیشل فلیٹ الگ تھلگ۔ اَتھ چھُنہٕ یمن کرایہِ فلیٹن ٕستی کانٛہہ واتھ۔ اَتھ چھُ فرش وفروش کٔرتھ۔ کرا ے چھس معقوٗل۔ کمرٕ چھس ترےٚ۔ سبٹھاہ چھِ۔ توٚہی زن رٹیوٚن یوہے کرایہِ پٹھ کاروبار کہِ دُسلابہ رٕنگی بو تھاون پگاہ چأنی گرٕ گروتہٕ ژےٚ دِمے روپیہِ أنتھ۔ تہٕ تمہِ پتہٕ گژھ وارٕ وارٕ پٔرتھ کانٛہہ اِنتظام۔ توٚہی ہیکِوٚ تریشوے یِکوٹہٕ روٗزِتھ تہٕ تتہٕ یتھ کنہِ ییٚہِ روڈی تہِ توٚہی ٕستی۔ ہے روڈی ژٕ کوٚت سا دژا کھ؟''

''یہ کیاہ روڈی، ژٕ کتھ گوکھ ہنگہٕ منگہٕ اِستادٕ۔ کوٚت سادژاکھ؟'' ماجہِ پرژھُس حأران گژھِتھ۔

''بٔیہِ گوکھ ژٕ یتھِس موقعس پیٹھ تھوٚ دۄ تھِتھ'' رَاز وَمنہٕنن وۄنس رژھا درٕہ کھألِتھ۔

ادوتیاأس سبٹھٕے حأرتہٕ سان بأیس کُن وُچھان۔ تُمۍ تُج ٹوٗپۍ اتھس کیتھ تہٕ اوس کمرٕ منزٕ نیرنچ تیأری کران۔

''تِتھٕ کنہٕ چھوٗ ونان زنتہٕ مےٚ دفناونہٕ چھِ نِوان یا ہمیشہٕ خاطرٕ روخصت چھِو دِوان'' تُمۍ وون یوٚ ہے بےٚ رٕبط پأٹھۍ۔ امہِ پتہٕ کرٕ ےٚن اَسنٕچ کوٗشش مگر وُٹھن پیٹھ پھوٚلس نہٕ اُسن کینٛہہ۔ ''تِکیٛاز تھ پتاہ کیاہ چھُ یہِ ما آسہِ پزی سون آخری ملاقات'' تس ژوٚل ہنگہٕ منگہٕ ژٕ رہیٚو نیرِتھ...... یہِ اوس تٔہنٛدِس تحت الشعورس اندر ریُس الغأبہٕ پأٹھۍ آوازِ ہُنٛد جامہٕ وۄلِتھ زیو دژاس۔

''ژےٚ رکھیو ذٔلیل چھےٚ میانہِ گوٚ برا'' ماجہِ وۄنٛس پٔننس سینس دوٗگ دِتھ۔

''مگر ژےٚ گژھُن کوٚت چھُے۔ روڈی ونان کونہٕ چھُکھ'' ادوتیاہن پرژھُس زیادے تعجبس منزٕ۔

''بوٚ ہے چھُس تٔہنٛد احسانمند...... تو...... توٚ ہی......'' تُمۍ نیوٗ اَتھٕ ستۍ پأٹھۍ وۄنِتھ۔ باسان اوس عمداً چھُ زیوٗ کلف گرِتھ۔ تٔہنٛدِس سفید مُج ہوِس بُتھِس پیٹھ اوس دۄرِ بوزنہٕ یوان زِ سہ چھُ پننہِ جایہِ کیاہتام پوٚختہٕ قصد گرِتھ۔

''بو اوٚسُس توٗہہِ گوٚڈے وَنُن یژھان...... یتھے بو یورٕ کُن پکان اوٚسُس بوٚ اوٚسُس سونچان...... بو اوٚسُس ماجہِ تہٕ ژےٚ تہٕ دۄنیا دوشوٗنی وَنُن یژھان زِ سانہٕ باپتھ چھُ فی الحال اکھأ رکس...... بو یِمہٕ پتہٕ۔ بو یِمہٕ پانے...... یتھے مےٚ فرصت ییہِ۔ مےٚ مٔشوِ نہٕ تُہۍ زانٛہہ تہٕ مےٚ چھُ سخ سرٕ یہہ۔ مےٚ دِیو اجازت۔ بو چھُس تنہأیی

یژھان۔ مےٚ چھُ پانس ستی گوٚڈے یہِ فأصلہٕ کوٚر مُت ۔ بوٚ ویتر اِو پانے پٔژن غم۔ یوٚ چھس اَتھ وعدس پیٹھ کاربند ۔ یہِ کینژھا مےٚ تقدیرس لکھت آسہِ ۔ بامے بوٚ تباہ بُرباد گژھِ یانہ...... پرٛتھ حالتس منز چھُس بوٚ تہنز روزُن یژھان ۔ توہیٚ کڈِو یکدم مےٚ ذیہنہٕ منزٕ نبر ۔ تیٚ چھ تُہنٛدِ خأطرِ بہتر............ مےٚ ژھأری زبونہٕ ۔ ییٚلہِ مےٚ ممکن آسہِ بوٚ واتہٕ پأنی پانے ۔ نتہٕ سوزٕ ناو ہووتوٚ ہہِ بہٕ ناد ۔ شاید ین پرأنی مایہِ محبتہٕ تہٕ شادمأنی ہٕنٛدی دۄہ ییٚہ پھیرِتھ مگر وٚنکیس اگرے بوٚ توٚہہِ ٹوٹھ چھُسو تیٚلہِ مشرأیوٚم تہٕ منسأویوٚم............ نتہٕ چھُ مےٚ باسان...... بوٚ کرٕ توٚہہِ نفرت...... اچھا خدا حافظ۔

"خدایہِ رأچھ تہٕ رفاقت کٔری زلیس" ماجہ کوٚرُس دُعایہِ خأر ۔ یمہٕ وۄشوے ماجہِ کورِ آسہِ وُٹھ پھیشان ۔ تمہٕ باتھرے یہِ سخ ۔ رازِ و منہن تہٕ گوٚ وُہے بنگہٕ۔

"روڈی...... روڈیا ۔ تلہٕ سادِلہٕ منزٕ تژ اوِدے ملالہٕ ۔ بہتر گوٚ وِ صُلح سانےٚ روزُن وۄلہٕ پرأنی پأٹھی لسہٕ ہاوسہٕ ہاویکہٕ وتہٕ" ۔ ماجہِ بچارِ وۄنُس پھشٕمتہٕ دِلہٕ۔

سُہ پھیوٚ روار وارِ دروازس کُن تہٕ وارِ وارِ ہیوٚتُن کمرِ منزٕ نیٚبر نیٚرن ۔ دُونیاہن ٹُل تیز قدم تہٕ رُکووُن۔

"بایہِ میانہِ...... یہِ موج بچأر گتھ مصیبتس چھہن لاگان ۔ تمہِ وۄنُس لوٚتےٚ مگر اَچھو کٔنیٚ اوسُس شرارتہٕ سببہٕ نار نیران۔"

تمیٚ ترأوِس بےٚ غرض پأٹھی نظرا۔

"پرٛ واے کیاہ چھُ...... بوٚ یمہٕ ییٚہِ...... بوٚ کیاہ اوٚری روزا" ۔ سُہ اوس دند ٹُوتھ ونان سبٹھاہ لوٚت پأٹھی زِ باسان اوس تس چھِ نیم ہوشی تہٕ خبرِ ے چھبس نہٕ ونان کیاہ چھُ تہٕ اَتھی ستی دژ اوکمرِ منزٕ نبر۔

"بدکرتوٚت...... کمینہٕ...... سنگدِل اہنکأری......" وۄنُس زورِ زورِ ادوتیایہِ۔

"یہِ چھُ دیوانہٕ گومُت مگر سنگدِل چھُنہٕ ۔ یہِ چھُ پاگل، ژےٚ توٚ رُے نا فکر۔

اگر ےژٕ ے فِکرٕ تری نہٕ ییلہِ چھےٚ ژٕ ے وأنج کنہٕ ہٕنژٕ''۔ رازومنہن وۄن تمس کنس تل تہٕ اتھس دیتنس زورٕ چیر۔ ''تہٕ ٹھہرٕ وبہٕ یموبیہٕ واپس''۔ سہٕ ووتھ أہنژٕ غم ہٕنژٕ تہٕ مصیبت زدٕ ماجہِ کُن تہٕ کُنی دورِ دژ اوکمرٕ منزٕ نبر۔ راسکولنکاف اوس وُزٕ کِس وۄیمس اندس پیٹھ۔ ''مےٚ اُس خبرٕ ژٕ دور کھمےٚ پتے...... ژٕ گژھ تمنٕے نِشہِ۔ تمنٕے ستی روٗزی زِ پگاہ تہٕ ہمیشہٕ ہمیشہٕ تہِ...... بہٕ...... بہٕ......شاید مایمے بہٕ واپس...... اگر ےہیٚوکُس یتھ۔ خدا حافظ''۔

تہٕ اتھواس کرنہٕ ورأ ے دژ اوأمِس نِشہِ۔

''مگر ژٕ ے کوٚت چھےٚ گژھُن؟ کران کیاہ چأری گی چھکھ۔ ژٕ وَن دٔلیل کیاہ چھے؟ ژٕ کِتھٕ کنہِ نیرکھ یتھِس حالتس منزٕ''۔ رازومنہن ووتھُس شرارتہٕ ہوٚت۔ راسکولنکاف ٹھہر یوبیہٕ۔

''أخری پھرِ وَنے۔ مےٚ موآس زانہہ سوال پرژھان۔ مےٚ نِشہِ چھنہٕ چانین سوالن درجواب وُنن کیت کہنژٕ۔ یِنہٕ مےٚ سمکھنہِ یِکھ۔ ممکن چھُ بوٚ ے مایمے یوٗرٕ دِی مےٚ اجازت مگر یِنہٕ ہُمہٕ ترٕ اویکھ۔ توٚ ریہ فکر بہٕ کیاہ چھُسے ونان؟''

چوٗنکہِ دُنس منزٕ اوس انہِ گوٚٹ۔ تم اُسی لہٰذا لیمپس نزدیک استادٕ روٗزِتھ۔ منٹس کھنڈس روٗدی تم اَکھأکِس ژھوٚپہ کرِتھ وُچھان۔ رازومنہنس گژھِ نہٕ سہٕ ژیہُہ وُمر مشرب۔ راسکولنکافنِ نارژھٹہ وُنہٕ أچھ آسہٕ رژھِ پتہٕ رژھِ زوتان۔ تمہٕ تظر آسہٕ أمِس (رازومنہنس) روٗحس ترِتھ گژھان۔ پریُن آسس کران...... خبر کیاہ خیالاہ۔ اِشاراہ۔ کیاہتام شرمناک بدنُما چیزٕ اگو کھ دوٗشونی دہباغس منزٕ پأد۔ یکایک توٚر دوشونی امیک مطلب فِکرِ......رازومنہنس زرد یو بُتھ۔

''توٚ ریہ ووٗنی فکرِ؟'' راسکولنکافن کوٚرُس سوال۔ یُس بُتھِ ویٚسر یومُت باسان اوس۔

''پھیر پوٚت ...... نیر گژھ ہمن نِشہِ'' تمۍ وۄنس، یکا یک تہٕ دفعتاً پھیوٚر پتھ کُن تہٕ وۄٹی دژا وامہِ مکانہٕ منٛزٕ نبر۔ بہٕ ہیٚکہٕ نہ بیان کٔرِتھ زِ راز وِمنہن کتھہٕ ووت واپس ہمن ماجہ کور بن نِشہِ۔ دوشوٚنی زنٛبن کتھہٕ پأٹھی دِتٕن تسلیٰ۔ کمہٕ کمہٕ ڈٲلیلہٕ وٲنتھ دیٚتٕن تمن یقین زِ روڈی یَس چھےٚ تژھ بیمأری لاحق سپزمٕژ یٚمہِ باپتھ تس سکوٗن تہٕ یکسوٗیی ہُنٛد سخ ضروٗرت چھُ۔ یٚہہِ دِیتنکھ یقین زِ روڈی ییہِ واپس پٔتِن گرٕ بلکہِ ییہِ دوہے تہٕ فِکرِ تورنکھ سہٕ چھُ پننہِ علالتہٕ کِنہٕ سخ پریشانِ حال۔ لہٰذا پزِ نہٕ تس کُنہِ کتھِ ہُنٛد طیش دیُن تہٕ وۄنٛنکھ سہٕ (راز وِمنہن) تھاوِ اُمس نظر۔ ڈاکٹرس ہاویس۔ مأہر ڈاکٹرس اتھِ کرناویس ملاحظہٕ۔ حق چھُ ای زِ اُمی شامہٕ پٹھٕ رٔٹ تمۍ راسکولنکا فنی جاے تمن نِشہِ اکی سُنٛدِ باپتھ نیٚچوی سٕنٛز تہٕ یٚہہِ سُنٛدِ باپتھ بأے سٕنٛز۔



# (۴)

رَاسکولنکاف گوٚ وسیٖو دُے نہرِ ہٕنٛدِس بُٹھس پیٹھ واقع تتھ مکانس منٛز ییٚتہٕ سۆنیاروزان اُس۔ یہِ اوس پرٛون ترٛ پُہر مکانہٕ یتھ سبزٕ رنگ گرِتھ اوس۔ تمۍ وُچھ مکانک چۆکی دَرتہٕ پرٛژھنس کارِناموف کتھ پُہرِس منٛز تہٕ کپاٗرۍ مِس کمرس منٛز چھُ روزان۔ پتاہ معلوٗم گرِتھ زِ تتھ کمرس کُن چھےٚ ہیر آنگنہٕ کہِ کوٗنہٕ کِنۍ کھسان ووت سُہ دۆیمِس پُہرِس پیٹھ اما ہیر اُس تنگ تہٕ تاریک۔ سہُ دژ او ہیٚو رواتتھ برآمدس پیٹھ یُس ساٗرسے دۆیمس پُہرِس آنگنہٕ کِنۍ کڈِتھ اوس۔ تس اوسنہٕ ووٚنی فِکری تران زِ کارِناموف سِندِ کمرِ کِس دراوازس کُن کپاٗرۍ پھیرِ سہُ۔ اَنہِ گٹہٕ منٛزٕ اوس اوٕ یور کران زِأتھی منٛز آو تس دۆ ربس زٕ ترٛیےٚ قدم اکہِ کمرُک درواز مُژراونہٕ۔ تمۍ رٕٹ ووستہٕ کارٕ سُنٛدۍ پاٗٹھۍ دروازس تھپھ بنٛد۔

''اتھ کسۆ چھُوٕ؟'' یہِ اُس اَکِس باشبر یمرٕ زنہِ ہٕنٛزٕ آواز۔

''ہے یہِ چھُس بہٕ...... ژٕ ے ہتۍ دِپیوم ملاقاتھا کرِ۔ رَاسکولنکافن وۆنس درجواب تہٕ ژاولو گٹس تنگ وٕڈۍ پیٹھِس منٛز۔

پھیچرٕ اَکِس کُرسیہِ پیٹھ اوس اکھ شمع بٹہٕ دارتراموس شمع دانس منٛز۔

''ہے یہِ چھُکھہٕ...... ژٕ......توباہ......میانہِ خدایاہ''۔ سبٹھاہ کمزور آوازِ منٛز ژٕج تس کرٛ یکھ ہش نیرِتھ تہٕ یتھ اُس تِتۍ زنتہٕ رُونہٕ آیہِ۔

''چون کمرِ کُس چھُ؟ ونان ونان ژاو رَاسکولنکاف تیزۍ سان اندر تس ہتۍ رلاوِن نہٕ اُچھ تہٕ کینٛہہ۔

اَکھ مِنٹا گژھتھ آیہِ سۄ٘نیاتہِ شمع ہتھ کمرس اندر۔ شمع دان تھوو ن ٹھیک پٲٹھی پتھر یتھ دبوتہٕ دُرسیو۔ کِنی یۄ٘ت بٕتھ ژامُت اوس زِدرانےٕ اوس نہ۔

مکمل پٲٹھی حواس باختہٕ تہٕ شرارتہٕ ہِژ یٖمیک نہٕ سو باس دِوان اُس یا ونو رَاسکولنکافنہِ بےٚ موقع یِنہٕ سببہٕ خوفزدہ سپدتھ رُوٗ زِ سوتس برۄ نہہ کنہِ اِستاد۔ تس پھیوٚر زردیمتس بُتھس یکدم رنگ تہٕ اوٗش ہٕگہٕ آس۔ تس باسیو پان بیمار۔ شرمسارتہٕ ستی خوش تہٕ رَاسکولنکاف ژۄ٘ل وٕلی اُمس نِشہِ دۄ٘رکُن تہٕ بیوٚٹھ اَکِس کُرسیہِ پیٹھ یوٚسہٕ میزس ستی اُس۔ کِتراٲو کمرس نظراہتہٕ ہیوٚتنس پنٕنِس پنٕنِس جایہِ۔

یہ اوس سیٹھاہ بوٚڈ کمرٕ مگرچھت اوسُس زیادے پھن بوٚن۔ یوٚ ہے اَکھ کمرٕ اوس کاپرنا ووفن کرٲیہِ پیٹھ دِتمت۔ یہِند بن کٹھمن کُن کھوورِلبہ کِنی اَکھ درواز اوس یتھ کُلف دِتھ اوس...... اتھ مقابلہٕ اوس دٕچھن کِنی بیا کھ دروازٕ یُس ہمیشہٕ کُلف دِتھ آسان اوس۔ تپٲری اُس بیٚیس فلیٹس وَتھ سُہ اوس علاحید ٹھکھ۔

"مےٚ گوٚ ورژھ کھنٛڈژیرٕے...... کاہ آسن بجے مژٕ۔ کِنہٕ نہ؟" رَاسکولنکافن ووٚننس۔ نظراوسنہٕ وُنتہٕ تُلان تھوٚد۔

"شاید" تمہِ وون دٕند ژُوتھ "بجے یہ اوہو...... پزی چھےٚ کاہ بجیمژٕ"۔ تمہِ ووٚن مزید باخبر ہِژ یٖمہ تلہٕ باسان اوس سو چھےٚ پان چھٹراوٕنی یژھان۔ میانہِ مکانہٕ مالکنہٕ ہٕندی کُلاکن دِتی وُنی کاہ ٹھس...... مےٚ بوٗزی تہٕ گُنزراٲوی پانہٕ۔

"بہٕ چھُس چانِس کمرس منز اَخری لٹہِ آژان...... یہ چھُ اَخری ملاقات"۔ رَاسکولنکافن تھوو غمگین تہٕ اَفسردِ اندازس منز کلامہٕ جٲری۔ حالانکہِ سُہ اوس از اور گوڈ نچہِ لٹہِ ژامُت۔ "شاید ہیٚکتھ نہٕ بہٕ ووٚنی ژِ زانہہ وُچھِت"۔

"ژےٚ چھُیا...... شہرتراوُن؟ بییہِ کُن گژھُن؟"

"مےٚ چھُنہٕ معلوٗم...... پگاہ......"۔

"تیلہِ یِکھ نہٕ ژ پگاہ کیٹرینایہ ہُنٛد کینٛہہ" سۆنیایہِ ہُنٛز آواز زنتہٕ یہِ ونان ونان ہنٛد گیہ۔

"مےٚ چھےٚ نہٕ خبر...... مےٚ لگہِ پگاہ صُبحنس خبر...... خأرژ مو برتمیک غم۔ بہٕ چھُسے ژ ےٚ اَکھ کتھ وَننہِ آمُت ......"۔

تمی تجہِ پننہِ فکرِ ہٕژ نظرِ تس کُن تہٕ یکدم گوس احساس سہٕ چھُ پتھر بہتھ ییلہِ زن سوا اَتھ سأرہسے وقتس تس برونہہ کنہِ اِستادٕ رۆزِتھ اُس۔

"ہے ژ کیاز چھکھ استادٕ۔ پتھر بیہہ"۔ تمِس ووُن بالکل بدل آوازِ منٛز۔ یتھ منٛز تیزی تہٕ دوستانہٕ اِظہار اوس۔

سو بیٹھی پتھر۔ سہٕ اوس پٔڑ رحم دلی تہٕ ہمدردی سان وُچھان زنتہٕ تہنٛزِ اَتھ حالژ پتھ انصاف آس۔

سۆنیایہِ ہُنٛد کمرٕ اوس دان کُٹھ ہیوٗ باسان۔ یہِ اوس ژ کوٗنل برابر حاد زأویہِ ہیوٗ بےٚ ربط تہٕ عجیب کُٹھ، باسان اوس أکس لبہِ آسس ترٛے دارِ یمہٕ نہرٕ کُن ییلہِ آسہٕ گرٛھان تہٕ یہِ لب اُس ہُبہ کج یمہٕ کنہٕ اَکھ کوٗن ٹھیک acute زأویہِ بناوان اوس تہٕ یہِ اوس تیوٗ تاہ گوٗٹ زِ اتھ گوٗ ژھ دوٗہلہِ تہِ تیز گاشاہ آمُن کینٛہہ اتھِ پننہٕ باپتھ۔ بیٚاکھ اوس کُنہ حدٕ روس Obtuse زأویہ۔

اتھ ہیتِس ہٕڈس کمرس منٛز اوس واریاہ کم فرنیچر۔ ڈٕچھِن کنہِ اوس کوٗنس منٛز اَکھ بیڈ تہٕ امہِ علاوٕ اَتھ نزدیکھے اَکھ کُرسی۔ اُتھی لبہِ کُن اوس اَکھ سیوٚد ساد میز یتھ نیوٚل شیٹ پیٹھ ترٲوِتھ اوس۔ یہِ اوس تتھ لبہِ نزدیک ییٚأری وو یمس فلیٹس درواز تھاوِتھ اوس۔ میزس یتی آسہٕ زٕ کُرسیہِ یمن کھوٚری تلہٕ دوٗز ریٚمتی أسی۔ اَتھ مقابلہٕ اوس acute زأویہِ وأٚلس کوٗنس کُن لکرِ ہُنٛد خانہٕ دارالمار پیوٚنتاہ یتھ واریاہ گب أسی۔ باسان اوس زنتہٕ صحراوس منٛز ہینٛہٕ آمُت تنہا مسافر چھُ یُس وَتھ رأوِمژ آسی یہِ اوس کُل بیٚل سامانہٕ ہیتِس ہٕڈس کمرس منٛز۔ لبن اوس زرد کا غذ لأگِتھ یُس کُنہ کُنہِ وو پھریومُت،

ژھیٚونُمت تہٕ سبٹھاہے بےٚ شوٗب تہٕ کوٗنن منز ہلیہٕ کھیٚومُت باسان اوس۔ ونٕدس دوران آسن اَتھ سرٕ یہہ آسنہٕ ہَنٛز چھوٗل وسان تہٕ ہلیہٕ گُرن آسان۔ کمرس منز اُس غور بتھ نٔز پاٹھی پزٕ یڈان یٔژھی زِبیڈس اوسنہٕ کور تہٕ پیٹھ۔

سوٗنیا اُس ژھوٗپہٕ دَم کٔرِتھ پننس پٔژِھس وُچھان یُس سبٹھاہے سٔرتھ اوس تہٕندِ کُرک جائز ہینس منز تہٕ یِنہٕ پزٕ ہے تیوٗت اوس بےٚ تولقی اندر ریٚنہٕ آمُت تہٕ تس بچارِ وٗژہ موخصر تھٔر تتھٕ پاٹھی زنتہٕ کانسہِ مسیحس بروٗنہہ کنہِ استادٕ اُس یَس تٔہندِ تقدیرُک فأصلہٕ کرُن اوس۔

"ژٕ کاژاہ زاوِج چھکھ۔ کیاہ نوزُک اتھٕ چھی۔ زرقہٕ برقہٕ کرٕ وٗنی سفید مُج ہوی۔ زنتہٕ بالکل مُر دٕ اتھٕ"۔

تمی روٗٹ توٚہند اتھٕ پننین اتھن منز تہٕ سونیلیہِ گمناوی زنتہٕ نیم ہوشی منز وُٹھ۔

"بٕ اُسس دوٗ ہے پژھی" تمہِ ووٗنُس۔

"یا یِیلہِ ژٕ پننہِ گرِ تہٕ اُسکھ؟"

"آ"

"بیشگ آسہکھ ژٕ پژھی اُسمٕٹ" تمی ووٗن تٔہنزِ رٔتھ تصدیق کران تہٕ تٔہندِ بُتھکی آثار تہٕ تٔہنز آواز بدلیے یہِ ییٚہِ یکدم۔

تمی ترأ وییٚہِ پانس اَندی پکی نظراہ۔

"ژٕ ے چھتھن یہِ کمرٕ کا پرنو مافس نشہِ کرٕ لیہِ پیٹھ روٗٹمت"۔

"صیح چھُ"

"تم چھی ہُمہِ درواز اَپارِ طرفہٕ روزان؟"

"بالکل...... تمن چھُ تتھے بیا کھ کمرٕ تہٕ"

"سأری چھا اَکِسے کمرس منز روزان؟"

"آ......اِد کیاہ"

"اوہ......بۂ کھوژ چأنس کمرس منز روت کیُت"، تمۍ کوٚر افسردگی منز پننہِ ژیٖنن ترٛاہِ ہُند اِظہار۔

"یِم چھی سبٹھاہ اصل انسان۔ سبٹھے رحم دِل"۔ تمہِ دیتنس جواب۔ مگر باسان اُس پریشانے چھے۔

"یہِ سورُے فرنیچر، پرٛتھ کانٛہہ چیز......یُس چیز تہٕ کمرس منز چھُ۔ سورُے چھُ یِہنٛدُے"۔

"یِم کتیاہ نرم تہٕ رحم دِل چھی............یِہنٛدی شُری چھی اکثر مے ژنشہِ تران"۔ یِم سأری شُری بأژ چھی گلی......چھِنا؟"

"پوٚز چھُ......مکانہٕ مأیِک چھُ کوٚل تہٕ تہٕ لوٚ نگ تہٕ...... پانسے ہش چھبس زنانہٕ تہٕ۔ وونگوسو چھےٚ نہٕ دراصل کِنٛہ تس پتہ نہٕ کتھ صاف نیران تس چھُ پھپھر گژھان۔ مگر سو کأژاہ رحم دل زنانہٕ چھےٚ......یہِ خاندار چھُس گوڈٕ اوسمُت موٚہنوی گری کران۔ بچہٕ چھِکھ دراصل بیمار۔ تمن چھُنہٕ کنٛہ گژھان......مگر ژےٚ کتہٕ چھے یِہنٛز خبر لٛمژ؟" تمہِ پرژھنس حأرٕ تس پیٚتھ۔

"چأنی مأری ووٚنم تمہِ دوٚہٕ......تمۍ ووٚن مےٚ ژےٚ متلق تہٕ سورُے کینٛہہ۔ سأری دٕلیل وٕنی نَم اکہِ ووٚہ شامس بأگی ییٚلہِ شیٚیہ بچہٕ گرنبر اُسکھ درآمژ تہٕ رأژ ہنٛز نوبجہ اُسکھ واپس آمژ تہٕ رکتھ کنٛز اُس کٹیر ینا ایوانو ونا یہِ چأنس بیڈس ستی کوٚبرِ تھرٛوٚ زمژ"۔ تس گیہِ عقلہِ بقل۔

"باسان چھُ زن چھُکھ ژٕ کوچہ کوچہ پھیران آسان"۔

"مےٚ چھُ باسان سہٕ دُچھ مےٚ اُزی"۔ سو اُس پانس ستی زنتہٕ ونان۔

"کُس؟"

''مول ...... بوٗ اُسس کوچھِ مُنزی پکان۔ نیٚبر مِس کوچس پیٹھ۔ مانتہٕ پہوے داہ بجے ہیوٗ باسیومےٚ زنتہٕ بروٗٹھی کنی پکان اوس۔ بالکل اوس سُے باسان۔ بوٗ اُسس تمہِ ساتہٕ کٹیر ینا ایوانو نایہٕ ہُنٛد گرٕھان......''

''ژٕ اُسکھ کوچو مُنزی پکان؟''

''بالکل جناب'' سونیایہٕ زنتہٕ پاٗنی پانس ستیٚ وۄن۔ تس ووٚل یٚیہٕ گمہٕ تام پریشاٗنیہ نال تہٕ اُس نظرٕ بوٚن کُن تراٗوِتھ۔

کٹیر ینا اُسی ژےٚ اکثر شُلکھ کران۔ کِنہٕ بہٕ ژھس اپُزٕ ونان؟''

''ہانہ ...... کیاہ چھُکھ ژٕ ونان ...... ہرگزنہٕ''۔ سوٗنیایہٕ کُرتمس نظر ایہوے خوفزدٕ ہیوٗ سپدتھ۔

''ژےٚ آسی تیلہِ سوسکھ ٹاٗٹھ''۔

''ٹاٗٹھ؟ تتھ کیاہ شک چھُ۔ سونیایہٕ وۄنُس صاف صاف لفظن زوردِتھ تہٕ اُتھی منٛز اُس اِضطراب۔ کُس حالتس اندر اُتھن ہنٛزٕ اونگجِہ کھن گبس تراٗوِتھ منٛز اُتھن واش کڈان۔

''ہنہ ...... ژےٚ ماچھےٚ خبر ............ اگرے ژےٚ خبر آسہِ۔ بہٕ کیاہ ونے سوچھےٚ بچاٗری زنتہٕ شُر ...... دِہماغ چھُس نہٕ پھیوٗ رمُت ہر گز تہٕ ...... ژےٚ ماچھےٚ خبر ...... تس کِتیاہ مصیبت چھی پیمٕتی۔ سو کاٗژاہ چالاک تہٕ معاملہٕ فہم زنانہٕ چھےٚ اُسمٕژ۔ کاٗژاہ فراخدل ...... کاٗژا رحم دل ...... خاٗر ژےٚ ماچھےٚ پتاہ ...... ژٕ ہیکِکھ نہٕ یہٕ سمجتھ''۔

سونیایہٕ وۄن یہِ زنتہٕ دِل وُہلتھ۔ جوش تہٕ موہٕسی ہنٛزٕ لمہٕ لمہٕ منٛز اُتھ ملان ملان۔ تُھہنٛد بن زرٕد روخسارن پھیوٗ ررنگ۔ تُہنٛز ونظرو کنی اُس نفرت پزٕ یڈان۔ صاف اوس بوزٕن تگان زِتس سنیو کتھن ہُنٛد تیر جگرس۔ یِیمہِ کنی سو بوس ژھاژھناوۄن یژھان اُس۔ سواُس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ وۄن یژھان۔ اکہِ قسمُک ''دٕ دسل رحم''۔ اگرے یتھ کنہِ وٕتھ

ہیکۆ اوس تٔہندِ بُتھکو نقشو تلہٕ ژنی پأٹھی پڑ یڈان۔ سو أس دِل مُژ رِتھ وۄند باوُن یژھان۔

"ہنہ.......... شَلکھ أٔہم دِوان ! ژےٚ کتھ کٔنی وۄنتھ یہِ ؟۔ سو لایہ ہائے !
تکرِ تھ اگر تمہِ مےٚ شلکھ تہِ آسہِ کوٚر مُت ...... پتہٕ کیاہ گوٚو.....امہِ ستی کُس اسمان پیٚو
وزمینس پیٹھ۔ تٔہندِ شلکھ چھُ نخ بڈان۔ ژےٚ چھےٚ نہٕ کہنٛہ تہِ خبر.......... کہنٛہ خبر چھےٚ
نہٕ اتھ نسبتھ......سو کأٔژاہ دِل شکستہٕ چھےٚ۔ تس کۆتاہ مصیبت چھُ آمُت......بۄنتھ چھُس
آمُت۔ بناوتن چھُس زُو تہِ بچارِ کھیوٚ مُت۔ بیماریو ژأٔپمژ بچأر۔ سو چھےٚ بس
رٔژر یژھان۔ دِلس چھُس نہٕ رژھ تہِ مل۔ کأٔژاہ صاف دِل چھےٚ۔ سو چھےٚ پرٛتھ طرفہٕ
رٔژرٕ ے رٔژر کانچھان تہٕ تس چھےٚ وومیدا کھ وۄہ واتہِ یِلہِ ژواپاسے رژر، رحم تہٕ انصافُک
درشُن کرشُن آسہِ۔ اگرے ژٕ تس کانٛہہ یزاہ واتناوَ کھ سو گیِہ نہٕ توٚرٕ غلط کرَن واجبن۔ تس
چھنہٕ باسان یہِ چھُ ناممکن زِ سأری لُکھ کیاہ ہیٚکن نہٕ انصاف پروَرٕ نیک تہٕ رحم دل تہٕ خدا
ترس أستھ۔ تہٕ تس چھُ وَسہِ لُکو چھُ یہِ سوٗرے پسِ پُشت ترٛ وومُت۔ سو چھےٚ منہٕ شوٗز،
زنتہٕ نیشہٕ بوٚ ددٕ وٕ موصُم..........سو کأٔژا رٕ ژ دبد چھےٚ!"۔

"تہٕ ژےٚ کیاہ بنی تیٚلہِ؟"

سۆنیایہِ ترأ وُنس سوالیہ اندازس منٛز نظرا۔

"وۄنی چھی تمہ چأنسے رحم وکرمس پیٹھ۔ تمہ پیےٚ چانئن شانن پیٹھ...... چھا کنہٕ
نہٕ؟ تمہ سأری شُری بأٔژ أسی گوڈٕ تہِ چأنسے رحمس پیٹھ ......حتیٰ کہ...... چون مول تہٕ
اوسے ژےٚ اَے آویزروٕ زِتھ شراب چینہٕ خأطرِ ہارٕ منگان۔ وۄنی کیاہ بنہِ اَتھ؟"۔

"مےٚ چھےٚ نہٕ خبر"......سۆنیایہِ وۄنُس دۆ کھ زدٕ ئنڈی پأٹھی۔

"تمہ روزٕ ناتھی ڈیٚریں پیٹھ؟"

"مےٚ چھنہٕ پتاہ......تمہ چھی مکانہٕ کرایہِ ہٕنٛدِس قرضس تل ہیٚنہٕ آئتی۔ تہٕ مکانہٕ
مالِکِ کینہٕ، یہِ زن مےٚ بوٗز چھُ أزی وۄنمُت زِ سو چھےٚ یژھان تمن نِشہِ گوٚھس تھِھ وۄتھنی۔

تہٕ کیٹرنا ایوانو نایہ چھُ وونمُت سو تہِ چھےٚ نہٕ اَکِس مِنٹس تہٕ تتہٕ مزید روزُن یژھان۔''

''یہ کیاہ ذٔلیل سو چھےٚ پیٚژاہ ہیٚمتہٕ واجبن بٔلیٚمژ۔ تس چھُ فقط چون بروسہٕ۔ توٚہند شانڈ چھکھ ژٕے۔ تس چھےٚ فقط چانہِ ذی پیٹھ نظر؟''

''ہانہ...... تتھ چھےٚ نہٕ کتھ یژھ کتھ اَزنہٕ کران۔ اَسی چھی کُنی۔ اَسی چھی اَکھ بٔتھ یکجہتی منز روزان''۔ سۆنیایہِ کھۄژ بیٚیہِ درٕہہٕ یاونوشرارت کھۄتُس زنتہٕ ژرِیا کانٔسہِ بدل لوکِٹس جانورس شرارتھ کھۄت۔

''تکٕرتھ بیٚیہِ کیاہ کرِ سو؟ ژٕے زن پرٕژھوے سو کیاہ ہیکہِ بیٚیہِ کرِتھ؟ تُسنٛد بُتھ وۄشلیو'' از کۆتاہ وۄدُن ہیٚوت تمہِ۔ میانہِ خدایہِ۔ بوٚچھبَے دعویٰ سان ونان ژٕ زر کھنہٕ وۄچھن تُسنٛد دِماغ زن چھُ قبضن پیٹھ۔ اَکِس آنٛس منز چھےٚ سو خوش آسان، باسان چھُس سورُے گژھِ ٹھیک کوٚج تہٕ بنہِ...... سورُے انتظام سپد مگر بٕرٛ ژٕرس منز چھےٚ تس مۆیۆسی زنتہٕ نال ولان تہٕ چھےٚ وَچھ دگان۔ دیوارس سٟتی کلہٕ ٹھاسوان، بُتھِ بُتھِ دِوان۔ پاگلن ہٕنٛدی پاٹھی وۄٹہٕ ترٛاوان۔ زۄسہٕ زۄسہٕ کران۔ خونہٕ گژھِ بکہٕ چھبس کھسان۔ مۆیۆسی ہٕنٛدِس عالمس منز چھےٚ جارس سٟتھی کلہٕ پھاٹوان۔ مگر اَتھی منز چھےٚ مطمئین گژھان۔ زنتہٕ کانٛہہ فکری آسان چھبس نہٕ سو چھےٚ چانٛس بروٚس پیٹھ شاہ ہیٚوان۔ بس چھےٚ چوٗنٛے پھران آسان۔ سو چھےٚ کم خیاٰلی محل بناوان۔ سو چھےٚ ونان ژٕ سۆزنگھ خدایِن سانہِ مدتہٕ خاطرِ تہٕ یقیناً کرکھ ژٕ تس اتھِ روٗٹ۔ سو چھےٚ یژھان اَسی ساٚری گوھو واپس پنٕن آبأیی وطن تہٕ تتہِ ترٛاو وسکۆل۔ یہ آسہِ اَمیرن ہٕنٛزن کوربن کیٚت سکۆل بیٚتہِ کھینہٕ چبن، پرنہٕ تہٕ روزنک انتظام آسہِ۔ امہِ سکۆلچ سپرانٹنڈنٹ چھےٚ مے یژھان بناوٕنی مے تہٕ پتہٕ پھیرن بیٚیہِ سانہِ شادمأنی ہٕنٛدی دۄہہ۔ سانہِ کوٗلہِ پھیرِ آب۔ تس چھُ یقین۔ یمن خوابن ہُنٛد اِظہار کرنہٕ پتہٕ رٕٹنس بہٕ نالہِ متہٕ۔ مۆنہِ تہٕ میٹھی کرٕم۔ تسلی دِیتنم۔ تس چھُ یقین یہِ سو سونچان چھےٚ تہِ سپد ضرٗر اکہِ فتہٕ اکہٕ دۄہہ۔ ژٕے ماچھے

خبر۔ ژٕ کتہِ زانہٕ ہن سو۔ أز کہِ دُنیاہچ کانٛہہ تہِ زنانہٕ لِو نہٕ توٗ ہنٛد تلہٕ پٔتِ مل تہِ۔ تِتھ چھُنہٕ تس جورٕ کانٛہہ۔ از دوٗہس رٔز سو واریاہ آؤر۔ کمرس ڈوٗن۔ شُر بن ہٕنٛدی پلو چھٕلنِ۔ ژھینٛژِ متین پلون دِژن ٹیب۔ پلو چھلنُک بوٗ ڈٹپ اوٗنن کُنی زنہِ کمرس منٛز مگر پتہٕ پیٛیہِ وَن یٲرہش کُنے ٹاس کٔرِتھ بڈس پٮ۪ٹھ۔ شانٛشہٕ رائے کھٔرٕس بہٕ بانٛبرٕیس۔ بچٲر کاٗژاہ لاغر چھےٚ گٲمژٕ۔ از صبحنس گیہِ أسی پولنیکاتہٕ لِنڈ ہس خاطرٕ بوٗٹ ہیٛنہِ تمن چھےٚ بوٗٹن بالکل زچہ گمژٕ۔ مگر اَسہِ أسی نہٕ پوٗنسہٕ نٔوی بوٗٹ ہیٛنس کِتی۔ ہے تمہِ کِتھی اصل بوٗٹ کریٖیہِ پسنٛد۔ ژٕ ے کیاہ خبر چھےٚ تُسنٛد شوق کوٗتاہ تھوٚد چھُ۔ سو چھےٚ اعلیٰ مزازٕ چ۔ ہیٚچ نہٕ قوبٕ گٔرِتھ تمہِ ژھچہِ دُکانٛدارس تہٕ تٔہنٛد بن کارندن تھی وَدن باکہٕ کیازِ تِتھی خوٗبصوٗرت بوٗٹ مگر موٚلی ہیٛنس کِتی نہٕ پوٗنسہٕ چھٕنٛدس۔ پٮ۪ٹھٕ یمن ہُنٛد اشد ضروٗرت۔ میانہِ خدایہِ۔ بچٲر کاٗژاہ دُکھی چھےٚ کیٹرینا؟"۔

"اچھا مےٚ توٚ روونی فکرِ چانہِ لسنہٕ بسنٛچ حالتھ کیازِ چھےٚ یژھ"۔ رَاسکولنکافن وۄٔتنس وُٹھ گُمنأوِتھ یِتھ منٛز زہرِ الماس بٔرِتھ تیر اوس۔

"کیازِ ژےٚ اوے نا تٔہنٛدِس حالتس پٮ۪ٹھ اَکھ رژھ تہٕ رحم۔ ژٕ ے گوے نا تٔہنٛدِس اتھ حالتس پٮ۪ٹھ کہنٛژ افسوٗس"۔ سوٗنیا وولے یہِ تس پٮ۪ٹھ دُبارٕ۔ ژٕ ے ہے پانہٕ تس پٔنن چھٕنٛدٕ خألی گٔرِتھ دِیتٕتھ۔ مےٚ چھُنا پتاہ ژےٚ تھوٗوتھ نہٕ اَکھ دیلہٕ پانس کیٛت پتھ کُن۔ حتیٰ کہِ ژےٚ وُچھتھے نہٕ تہنٛز بد حأیی۔ اگرے ژٕ تٔہنٛز حالت پوٗرٕ پأٹھی وُچھہَکھ ...... برداشت گژھی نہٕ کیٛنٛہہ۔ مےٚ چھےٚ سو بار بار بچٲرو دنس کھأمژٕ پٔتِمی ہفتہٕ۔ بس یہے مأٔلی سٕنٛدِ انتقالہٕ برونٛہہ اکھ ہفتہٕ کور مےٚ تس بچٲر ظلم یو بنے ییس سنگدِل۔ یہِ اوس نہٕ گوڈنچہِ لٹہِ میون طریقہٕ کیٛنٛہہ۔ از دۄہ ہی وۄٔہس رٔزٕس بہٕ امیک خیال یِتھ سکھ پریشان۔ بسہِ بسہِ گوم جگرس"۔

سونیایہِ مٔلی اتھٕ زنتہٕ یہِ یاد پیٚنہٕ ستی وأنٛج کتراونہٕ یوان أسس۔

''ہنہ............گوٚ وژٕ بنیکھ سنگدِل؟''

''آ...... بالکل ...... بہٕ ...... بہٕ ۔ بہٕ گیَس تمن ءٚتی ملاقاتھ کرنہٕ''۔ تمہِ تھوٚو کلامہٕ جٲری...... وَدان وَدان۔ ''تہٕ ماؤلی جنّتین وۄنُم ...... مےٚ پرِتہٕ کینژھا سونیا۔ کلس چھُم دود۔ رٹ ییکیا چھےٚ مقدس کتاب پرکینہہ آیات تہٕ دِمےٚ پھوٚ کھ۔ تمی اُس اینڈرِیِ لیس نِشہ اَکھ کتاب اَنمژ سواوس تٔتی روزان۔ سواوس ہمیشہٕ انان یِژہ رکتابہٕ پرنہٕ باپتھ۔ تہٕ مےٚ وۄنُمس'' مےٚ چھنہٕ فرصتھٕ ٹھہرنس سوٚنب۔ کیازِ بہٕ اُسس نہٕ یِژھان سو کتاب پرٛنی۔ تہٕ بیٚنہِ اُسس بہٕ محض تمہِ وِزِ گاموٚ کامہِ دار کالرِ تہٕ کف ہاوَنہٕ تِس یمےٚ تمی دۄہ دروٚ گہِ مولہٕ لِنز واتا پھیرِ واجنہٕ ہیٚتمٕتی اَسی۔ تم اُسی خوٚبصوٗرت بالکل نٔوی تہٕ تازٕ کامہِ دار۔ تِلہٕ اوسُکھ چھاَوِتھ۔ کیٹرینایہِ کھٔتی تم بڈٕ پسند تہٕ لاَ رگتھ وُچھن پانٕ شیشس پٔتھ سوکاَ ژاہ خوش گیہِ۔ تمہِ ترووگاہ تم پلولاَ رگتھ''...... سوٗنیائے تلے اکھا نٔجش مےٚ تہٕ بِمہِ منزٕ...... دَپی یہِ گیم چاَنی ڈاَلی،...... تمہِ وۄنُم ...... ''تلی ووٚنی کیاہ گوٚو۔ دِی ووٚنی مےٚ اَکھ۔ مانی ووٚنی''۔ تمہِ کوٚرسکھ۔ بہٕ ہے اُسس ونانیٚ مےٚ گوٚ ژھ یہِ اکھا آسُن'۔ مگر سوٚ کتہٕ لاگہِ ہے بچاَر۔ تِس پیٚہن یموٚ ءٚتی پننہٕ فارغلبالی ہُندی دۄہ یادیم نہٕ ووٚنی پھیرِ تھ تِنہٕ کانہہ ووٚمیدا اُسس۔ ووٚنی اُس سوٚ تمیٚو کینژٕ و ؤریو پیٚتھ صرف زِچہٕ پلوٚ، رینچہٕ راءٕتی جندٕ لاگان یِیلہِ تمہِ شیشس منزٕ پان وُچھ سوٚ اُس پٔنی پانس تأریف کران۔ ووٚنی چھُس نہٕ بچارِ پکوٚ ے۔ پٔتن چھُس نہٕ کانٛہہ چیزٕ ے لاگُن کیُت ؤ ریہِ وادو پٔتھ۔ مگر سوٚ چھےٚ نہٕ کانٛسہِ برونہہ کنہِ اتھہٕ داران۔ تمِس چھُ پننہٕ فقیری پٔتھ فخرٕ۔ سو تراوہ جلدی دُنیاٚوی تمہٕ تہٕ وُنِ کیس منجو تمہِ اَکھ کالرامہِ رکنٛز زِدلِن کڈے یَس ووٚتھ۔ اُمس اُسی یم سٔخ پسند تہٕ مےٚ تہٕ منٛجمَس معأفی مےٚ آونہٕ ووندے دِلس۔ مےٚ ووٚنمس ...... ''ژےٚ کتھ لگہٕ نَے ووٚنی یم۔ مےٚ کھیٚو تمِس بتھ۔ مےٚ پزٕ ہے نہٕ تِس یتھٕ کنہٕ وُنن۔ تمہٕ تراوٚ مےٚ تِژھ نظر بہٕ کیاہ ونے۔ تمِس لوٚگ دِلس۔ سکھ لوٚگس دِلس میون اِنکار کرُن۔ مے ہیٚو

کنہٕ ژٔرتھے تہٕ وُچھن ۔ تِمس لوٗگنہٕ دِلس کالرمیؤلُم نہٕ ہٕلکہ لوٗکس میانہٕ اِنکار کرنہٕ ۔ تہٕ توٗرمےٚ فِکرِ ۔ مےٚ ہیٚرٕ زیوٗ ژِ پٕنٕ مگر تمہٕ ستی ماہیکہٕ ہازِیوٗ درامُت تیٚر واپس پھیرتھ ۔ بہٕ بدلاوٕ ہاپٕنٕ زیو ۔ بہٕ ئمہٕ ہاپٕنٕ الفاظ واپس ۔ مگر افسوٗس تہٕ ماپچھُ ممکن ۔ کاش بہٕ ہیکہٕ ہاتہٕ کرِتھ''۔

''ژٕ زانہانا سو پھیرِ واجبن لِنز واتا؟''

''آ...... بالکل...... ژٕ تہٕ زانہنا سو؟'' سونیایہِ پرژھنس حاٗرتس گرٕھتھ ۔

''کیٹرینایہِ چھےٚ سِلہٕ بیماری ۔ بچاری دَمن چھےٚ ژآ پمرٕ تیوٗت چھُس سِنیومُت ۔ سو روزِنہٕ زیادس کالس ووٕنی زِند''۔ رَاسکولنکا فن وونُس ہنا دَم دِتھ سوالکُ جواب دِنہٕ ورأے ۔

''نہ...... نہ...... نہ......نہ'' سونیایہِ ژٔج باک نیرِتھ تہٕ زنتہٕ بےٚ ہوشی ہٕندِس حالتس منٛز رٕٹنٕ تسندی دوشوے اتھ چیرِ سان زنتہٕ ونان آسس کینٛہہ وتھا کڈتہٕ سو گرٕھنہٕ مرنی ۔

''مگر تٔہندِ خاطرِ چھُ بہتر مرنے امہِ عذابہٕ کھوٗتہٕ''۔

''نہ...... کِہنٛی بہتر چھُنہٕ ۔ کُنتہِ قِمتس منٛز چھُنہٕ تُسند مرُن بہتر'' سونیایہِ ووٗنس زنتہٕ خوفزدٕ گرٕھت بےٚ ہوشی ہٕندِس حالتس منٛز پھِری پھِری ۔

''پتھ رؤدی تٔہندی شُری...... ژٕ کیاہ ہیٚککھ تمن یِیمہ ورأے کرِتھ زِ تم رٕٹہکھ پانس ستی''۔

''اوہ...... مےٚ چھُنہٕ پتاہ''۔ سونیایہِ کرلیل ہش تہٕ پٕنٕ دو یواتھو ستی کرِن پٕنٕس کلس تھپ ۔

''ظاہر اوس زِیوٗ ہے خیال اوس سونیایہِ کھیایہٕ پھرِ ذیٚہنس منٛز آمُت تہٕ از دیٚت ہمی اتھ پیٚیہٕ وُتِش''۔

''اِدٕ ساڑٕ ے وننہٕ۔ وُنی کبس ییٚلہِ زن کیٹرینا ایوانونا زندے چھےٚ ژٕ ہے پیٚکھ بیمار تہٕ پیٚکھ ہسپتال داخل کرِنی۔ پتہٕ کیاہ بنہِ..... وَن'' تمی وۆنُس کانٛہہ عار بنہٕ ورأے۔

''ہے ژٕ کمہٕ کتھہ چھکھ کران۔ تہِ ہیٚکہِ نہٕ بٔنتھ''۔ سۆنیاہِ ہٕنزِ بُتھ پٮ۪ٹھ اوس توہند أندریم خوف نٔنی پأٹھی بوزُن تگان۔

''اچھا..... تہِ ہیٚکہِ نا بٔنتھ؟'' رَاسکولنکاف رۆد ونان وُٹھن پٮ۪ٹھ أسس ظألمانہٕ اَسن تراے۔ ژٕ ے چھیاہو نڈ میچھٕ ژ کیاہ پیٚکھ نہ بیمار وَن تمن بچارن کیاہ بنہِ تیٚلہِ؟ تم پیٚن ژۆ تِس پٮ۪ٹھ۔ تم سأری لگن اتھہِ دارنس۔ سوروزِ زوسہٕ زوسہٕ کران تہٕ بچھان سو پھاٹنا وِخبر کتھہ دیوارس ستی کلہٕ۔ یہِ زن تمہِ اَز کوٚر۔ شُری ژھٹن وَدن باکہٕ.....سو ییہِ پتھر لاینہٕ۔ سو ییہِ پولیس سٹیشن واتناونہٕ تہٕ ہسپتالس منزٕ ے دِیہِ سوامانتھ تہٕ بچأری شُری..... تم لگن واوِ گلبن''۔

''ہاے نہٕ..... خدایہِ موکٔرن تہِ.....سُہ کرِ ضرۆ راَسہِ پٮ۪ٹھ رحم.....'' سۆنیاہِ وۆنُس وونٛدٕ ژھانژھنأوِتھ۔

''سو أس رَاسکولنکافنہِ کتھہِ بوزان تہٕ پریشأنی ہٕنزِس عالمس منز ییٚہِ دون اتھن ہٕنزٕ اونٛگجہِ اَکھ أکس منزٕ کھن گبس بٕرتھ تتھہِ کنہِ بدشگونی ہٕنزٕ کتھہٕ نہ کرنگ باند باند کران زنتہٕ یہِ سورُے تہٕندِ نے اتھن منزٕ اوس۔ سُے کرِ رأچھ تہٕ رفاقت''۔

''توبہ..... توبا..... شیطان سٔندی کن زٔری۔ خدایہِ رأچھ گٔری زبس میانہِ خدایہ''۔ تمہِ وۆن پأنی پانس ستی پھِری پھِری''۔

''مگر شاید چھنہٕ خدایہِ سُند کانٛہہ وجوٗ دُے کُنہِ''.....رَاسکولنکافن وۆنُس زنتہٕ زہر باوِ چ دَگ أسس۔ اَسن کھنگالہٕ ترووُن تہٕ گٔرن تہٕندِس بُتھِس نظرا۔ دفعتاً بد لیو سونیاہِ ہٕنزِس بُتھِس رنگ زنتہٕ وُتربٹیل وۆتھس۔ تمہِ ترٛ اَو رَاسکولنکافس نظر۔

ووٚژیو ستی تٕلہس ماز مگر...... خبر کیاہ کیاہ أسس پوش پلناوِنی یژھان پوٚ زتس زن گوٚہٹس گنڈ، تس پھوریونہٕ کھینۍ۔ تمہِ کوٚر بُتھ دوٚن اتھن منز بنٛد تہٕ لٔج ژالہِ اوش ترٛاونہِ۔

''ژٕ چھکھ وناں کٹیر ینا ایوانو نایہِ ہُنٛد دِماغ چھُ نہٕ ڈوٚلمت۔ دراصل چھے ژینے دِماغ ڈوٚلمت''۔ تمۍ ووٚنس رٔژھِ کھنٛجہِ ژھوپہ کرنہٕ پتہٕ۔

پانٛژھ منٹ سپدی مگر سُہ اوس کمرس اکہِ لنٛدٕ پیٹھ بیٚیس لنٛدس تام اوٕر یور کران۔ سُہ اوس ژھوپہ گُرِتھ...... تس گٔن اوس نہٕ أچھ تہٕ تُلان۔ چھیکرس گوٚ وتس نزدیک۔ أچھ زوٚتیس۔ تمۍ تھوو اتھٕ تٔہنٛدِس پھیکس پیٹھ تہٕ گٔرن تٔہنٛدِس اوٚشہِ ستی أدرێمتس بُتھس نظراہ۔ أچھن منز روٗ دُس نہٕ آبے۔ وٚٹھن ؤ ژٕھس تھتھراے تہٕ اوسکھ دنٛدو ستی دباوان۔ ہنگہٕ منگہٕ نیٚمیو سُہ بوٚن گٔن تہٕ پان پتھر ترٛاوِتھ لوٚگ تٔہنٛد بن کھوٚرن موٚنہِ کرنہِ۔ سونیایہِ نیوو پان یکدم پتھ برابر تھٕتھ کنہِ أکِس پاگل نفرس نِشہِ کانٛہہ دوٗر ژلہِ تہٕ سُہ اوس تہِ پزی پاگل گوٚمُت باسان۔

''ہے ژٕ کتھ چھُکھ مے گوٚہن گیر کران''۔ تمہِ ووٚنس سو زردیہِ تہٕ ہنگہٕ منگہٕ زنتہٕ وأنٛج غمن منز گیر گٔیس۔

رَاسکولنِکاف ووٚتھ تھوٚد تہٕ لوٚگ کُٹھس گردِش کرنہِ۔ مِنٹا گوٚو۔ سونیا أس پننہ نرِ تہٕ پٔتن کلہٕ تِتھٕ کنہِ الوندترٛأوِتھ موٚہسی اندراستادٕ تِتھٕ کنہِ پھہہِ دِتمت نفر آسان چھُ۔

''تہٕ ژٕ ہیٚکھ نا کھینۍ بچت گٔرِتھ۔ وقتہِ مجبوٗری بکارینہٕ باپتھ چھے نا کینٛژھا پلہٕ تھوومُت''۔ تمۍ پرٛژھ تس بروٚنٹھٕ کنہِ دفعتاً قدم رکاؤِتھ۔

''نہ............ کھینۍ نہٕ''............ سونیایہِ ووٚنس لوٚت لوٚت۔

''تۍ چھُ پوٚز باسان۔ کھینۍ چھُت نہٕ پلہٕ تھوومُت۔ توتہِ چھیٚتھٕ زانٛہہ اِچھ کوٚشِش گٔرمٕژ''۔ تمۍ ووٚنس مزید طنزیہِ اندازَس منز۔

''اوٚو...... گٔرمٕو چھُم کوٚشِش''۔

"تہٕ تمیک دراونہٕ کانٛہہ فأیدٕ"۔ "ظأہِر چھُ............ کوٗشِش چھےٚ رایگان گمٕژ۔ یہِ پرژھنکُ ماچھُ حاجتھٕے۔" اُتھی ستیٚ ہیٚتِ تمیٚ بیٚیہِ گُٹھِس منٛزٕ قدم تُلنٕی تراوِنی۔ بیٚیہِ گوٚواَکھ منٹا۔

"ژٕ چھکھنا دوٗ ہے پونسہٕ زینان کینٛہہ؟"

سونیا گیہِ امہِ سوالہٕ ستیٚ زیادے پریشان یِژھ نہٕ وُنیستام گُنہِ پھرِ گمٕژ أس۔ دوٗ بارِ کھوٚت تس بتھِس زبردست دٔہ شلُن۔

"نہ۔ دوٗ ہے نہٕ کینٛہہ" تمہِ ووٗن لوٚتُے زنتہٕ امہِ سوالُک جواب دِیُن گوٚ بیوس۔

"یہے حالتھ آسہِ پالنیکایہِ ہنٛزٕ تہِ۔ چھُنا پوٚز" تمیٚ ووٗننس اچانک پأٹھی۔

"نہ...... نہٕ تژھ کتھ چھیٚنہٕ"۔ سونیایہِ ووٗننس تلخ لہجس منٛز جانہِ منس یِتھ تتھٕ پأٹھی زنتہٕ تس گمٕژ تام شرٛاکھ بوٚڈٕناوٕمژٕ أس۔ "خداے مہ لأگِنٕ تس یِژھِ غلیظ تہٕ شرمناک وتہِ"۔

"سہُ ووتھ یکدم تھوٚد"

"بہٕ نمیو سے نہٕ چأنِس ذاتس۔ بہٕ نمیٚوس بنی آدمہٕ سُند بن مصیبتن برونٛٹھ کنہِ"۔ تمیٚ ووٗننس حیوأنگی ہٕنٛدِ اندازٕ تہٕ دراو دارِ گُن۔ "بوز"۔ تمیٚ ووٗن مزید اَکھ منٹا گژھِتھ تس گُن پھیرِتھ۔ "اَکِس بڈ گارنفرس اوُسس بہٕ وُنی ونان زِ سہُ چھُنہٕ چانہِ کسہِ برابر تہٕ...... تہٕ مےٚ گرٕ پننہِ بیٚنہِ یِژھ افزأیی ژےٚ نکھٕ بیہنُکھ موقعہٕ بخشتھ"۔

"ہے کیاہ گوم ژےٚ ووٚنتھِ تمن یہِ! بیٚیہِ برونٛٹھ کنہِ؟"۔ ووٚننس سوٗنیایہِ زَن واہ وٕستھ۔ "مےٚ ستیٚ بہُن چھُ عزتمندی! کیا زِ؟ بےٚ چھسٕے ......... نہٕ قأبِل یِژھ۔ توبا......... ژےٚ کیا زِ ووٚنُتھ تہِ؟"

تِم دوٕکھ تہٕ مصیبت نظرِ تل اَنِتھ یِم ژےٚ سَرِ نٕی پیٚیے، چانہِ گونہگأری، بدنأمی تہٕ بزگأری کنٛز نہٕ...... تہٕ ژٕ ہے سبٹھاہ بڈ گونہگار ینٛی چھکھ۔ سبٹھاہ بڈ۔ تہِ کیاہ اپُز چھُ"۔ تمیٚ ووٗننس سنجیدگی سان مزید زنتہٕ حلف تُلان...... "تہٕ چون ساری کھوتہٕ بوٚڈ گوناہ چھُ زِ ژےٚ چھُتھن پنٕن پان تباہ کوٚرمُت تہٕ چھُتھ پأنٕی پانس دھوکہٕ دیتمُت۔ ئلی مقصد نہٕ

رِکھنٛۍ ۔ تہٕ کوٚتاہ ہولناک چھُ ...... رِکنہٕ نہ...... یہِ چھُنا ہولناک زِ ژٕ چھکھ یَتھ گاٹنٛہٕ غلاظتس منٛز روزان۔ یَتھ ہِتۍ ژےٚ نفرت چھےٚ۔ یِیمہِ رِکنٛ ژےٚ وأنٛج پھٹنس آمٕژ چھےٚ۔ ژےٚ چھےٚ نا پانس خبر۔ بالکل چھےٚ معلوٗم (فقط چھےٚ ژےٚ أندرمہِ أچھ مژراوِنہٕ) ژٕ چھکھ نہٕ اَمہِ ہِتۍ کانٛسہِ اَتھہِ شہلاوِتھ ہیٚکان۔ کانٛہہ مدد کران ژٕ چھِہن نہٕ کانٛہہ بچراوان گُنہِ پریشانٛی نِشہِ۔ وَن مےٚ کانٛہہ مثالا وَن...... سُہ رُوٗدکتھ جأری تھاوِتھ یتھٕ کنہ تیٚہٕ رِکس جوٗشس منٛز انسان کلامہٕ کران چھُ۔ وَن مےٚ یہِ شرمنأکی تہٕ اخلأقی پُستی رِکتھٕ چھےٚ ژےٚ انٛدر رچانٛبن مقدس احساسن لرلوٚر رِپٕکتھ ہیکان یِم بالکل متضاد چھِہ؟ بہتر اوسے بَلکہِ لچھٕ گنہٕ بہتر زِ ژٕ لایکھ اَمہِ کھوتہٕ دریاوس ووٹھٕ تہٕ موکلاوَکھ سورُے نیاے"۔

"مگر تمن کیاہ بنہِ ( کیٹرینایہِ تہٕ تہٕنٛد بن شُر بُن سوٗنیایہِ پرژھ تس سنیمٕ وأچھو نظرہ گرِتھ۔ تہٕ ہرِگز ہرِگز تہِ أس نہٕ تہند بن تجویزس پیٹھ حأران باسان۔)

رَاسکولنِکافن ترأونس عجیب پأٹھی نظر۔ سُہ اوس أہنٛدِ بُتھِ پیٹھٕ اؤہنٛد أندریُم حال پران۔ فِکرِ تۄرُس اَمہِ آسہِ پانہٕ تہِ کُہیایہِ پھرِ اِی سوٗنچُمت۔ تہٕ پزرتہِ چھُ ای زِ مویوس تہٕ پریشان گژھِتھ سونچو وتمہِ یۄہے چھُ واحِد ذریعہٕ سأری کہانٛی موکلاونک۔ یہِ اوس تمہِ سنجیدگی سان سوٗنچُمت توے رِکنٛ گوٚونہٕ تس یہِ تجویزبوٗ زِتھ کانٛہہ الگز ار۔ تمہِ دیُت نہٕ تہٕنٛد بن لفظن منٛز بَرِتھ الماسہٕ پھلن کُن تہِ توجہ۔ تہٕنٛدِ ملامتک معنی مطلب تہٕ تسنٛزِ شرمنأکی نبسبتھ اؤہنٛدِ (رَاسکولنِکافن) مخصوٗص وطیرٕ، تتھ کُن تہِ دیُت نہٕ تمہِ بلاشک کانٛہہ توجہ تہٕ تِتہِ تۄرہِمس صاف پأٹھی فِکر۔ اماہِتۍ کوٚرُن محسوٗس زِ پٔنٛنی شرمناک تہٕ غلیظ زندگی چھےٚ تس أندری تِلہٕ تلٕن کران۔ یہ عذاب چھُ أمس واریاہ وقتہٕ پیٹھٕ سران ووتمُت۔

"خبر کیا زِ تہٕ کوٚو" تُمی سوٗنچ ...... "چھُنہٕ امہِ وُنسِتام پٔنٛنہِ زندگی ہنٛد ہوٗٹ چیوٚرمُت، خبر کیاہ رُکاوٹ چھبس آمٕژ"۔

اِی سونچان آو اُمِس یکدم تمن یَتیم شُر بن تہٕ قابلِ رحم نیم خوشک کیٹرینایہِ ہُنٛد خیال یوسہٕ عاجزی منز پنٕنٕ کلہٕ دیوارس ستۍ ٹھاسوان روزان چھےٚ۔ کِتیاہ ٹاٹھۍ چھےٚ تم سۄنیایہِ۔

امہِ باوجوٗد اُس تہٕنٛدِس ذہٕنس منز یہِ کتھ واضح زِ تہٕنٛدِ اعلیٰ کردارٕ تہٕ اعلیٰ درجٕچہِ تعلیم کِنۍ اُخرٕ یوسہٕ تمہِ حاصل کرمٕژ چھےٚ گژھہِ نہٕ سو ہرگزٕ تہٕ تِتھس شرمناک حالتس منز روزٕنۍ۔ تمِس ووتلیو بار بار ذہٕنس منز یوٚہے سوال زِ کتھٕ کِنۍ رۄزِ سو یتھس مُدتس اَتھۍ حالتس منز تہٕ پاگل سپزِ نہٕ کینہہ تہٕ ہیچ نہٕ ڈٔری یاوِس ووٚتھ لاتیٚنۍ ہمتھ کرِتھ؟ حالانکہِ سُہ اوس زانان زِ سونیایہِ ہنٛزٕ ہش حیثیت چھےٚ خٲلی کانٛسہِ آسان یہِ چھُ بالکل جداگانہٕ معاملہٕ حتیٰ کہِ منفرد چھےٚ نہٕ غمن تہٕ دوکھن اندرٕ تہٕ اُمِس ہوی آسن نہٕ کانٛسہِ معاملات دربیش تژھ کتھ تہٕ چھےٚ نہٕ۔ تہٕنزٕ غار معموٗلی حیثیت، توہنٛد تعلیم یافتہٕ آسُن تہٕنزٕ بڑٕ نہم نیک تہٕ پارسازندگی نظرِ تل تھاوِتھ گوٚژھ تمہِ یژھ غلیظ تہٕ غلاظتچہِ وتہِ کُن گوڈنیک قدم تُلنہٕ وِزے پان مارِتھ ژھُنمت آسُن۔ تس کُس چیز رۄد زندہ تھاوِتھ؟ یار بٲشی تہٕ اطرٲنی ہُنٛد چسکہٕ نہ ہرگزٕ تہٕ! امہِ لچہِ تہٕ شرمناک زندگیہ تہٕ بزگٲری چھُ یقیناً محض اُہنٛدِس کرنٛزس واو دِیتمت۔ اصلاً یتھ عادت خراب گژھنۍ ونوتیچ چھےٚ نہٕ زِ مِش تہٕ اُہنٛدِس دِلس کُن گمٕژ۔ دِل چھُس اَنہٕ پوٚٹ ہیو صاف۔ تس آوتی لبنہٕ۔ تمۍ ہیٚوٗ تہٕنٛدس وونٛدس سام تِتھے سوتس بڑٕ نہہ کنہِ اِستادٕ اُس۔ زنتہٕ تہٕنزٕن نظرن برونہہ کنہِ تس بچارٕ ہُنٛدِ دِلکۍ کفیات وجوٗدکس قالبس منزٕ نموٗدار سپدی۔

''ترِیےٚ وتہٕ چھےٚ اُمِس خاطرٕ'' تمۍ سۄنچ ...... ''کول'' ''پاگل خانہٕ'' یا......

بزگٲری تہٕ بدکٲری ہُنٛدِس چاہس منزٕ غرق سپدُن یُس دِہباغس بےٚ کارتہٕ۔ انیو چھُ ژھنان تہٕ دِلس کنہِ وَٹھ چھُ بناوان''۔

اُخری خیال اوسُس سیٹھے نفرین کرن وول تہٕ شرمناک۔ سُہ اوس زٕتہٕ زٕگے

ژور مانن وول تہٕ بس۔ جوان تہِ اوس لہٰذا اوس سٹھاہ پُر جوش تہٕ سنگدِل تہٕ۔ اَکھ رژھ تہِ اوسُس نہٕ عارتہٕ انصاف۔ لہٰذا ہیوٚ کنہٕ سُہ یہِ سوچنہٕ نِشہِ بازوٗ ژتھ زِ آخری خیال ہیکہِ انجام کار صحیح اُستھ۔

''مگر تہِ ہیکیاہ پزراُستھ؟'' تِمی کوٚرپانٕنی پانس سوال۔ ہیکیاہ بٔنتھ سوٗنیا یہِ ہش کوٗر یِیمہِ پننہِ روٗچ پاکیزگی ونسیتام سنبالتھ تھاوٕمژ چھےٚ سو کیاہ وسہِ بدکاری تہٕ بزگاری ہٕندِس کھوڈس منز عمداً تہٕ قصداً''۔ یہِ چھنہٕ ممکن زِ ضلالتچہِ اَتھ دژنہِ منز وسنہٕ باپتھ آسہِ اَہندی دِلن ووڑھ کڈٕمژ۔ یژھ زندگی چھا سو ونیستام اِوسبہٕ برداشت کران آمژ زِ یہِ بدکاری تہٕ اطرافی چھےٚ نہٕ تس وونی نفرتس لایکھ باسان۔؟ کیاہ یہِ چھا ممکن؟ آ یہِ چھُ ممکن۔ ووٕنی آسہِ تس بدکاری لوٕکٹ کتھا باسان''۔ نہ......نہ......یہِ چھنہٕ ممکنے؟ یہِ چھُ اپُز''۔ تس دِژ دِلن زن کرٕ یکھ۔ یتھٕ کنہِ ؤنی رژھ کھنڈ برونہہ سوٗنیا یہِ کرٕ کھ نیرتھ ژجایہِ۔ ''نہ نہ......دراصل یِیمہِ کتھہِ سودریاوَس ووڑھ دِنہٕ نِشہِ بازرٕمژ چھےٚ سُہ چھُ امکہِ گونہٕک خیال۔ بیٚیہِ تِمن خاص کرِتھ شرٕبن ہُند خیال۔ یِیمہِ کنی سو ونیستام پاگل سپزی نہٕ۔ دِماغہٕ ڈٕج نہ......مگر یہِ کُس چھُ ونان سوچھےٚ نہٕ دِماغہٕ ڈٕجمژ۔ سو چھا پننہِ جامن اندر؟ ہیکیاہ کانٛہہ تژھ کتھ کٔرتھ یِیمٕیک کانٛہہ جواز تلاش کٔرِتھ سویہِ کران چھےٚ؟ سو کتھہِ ہیکہِ غلاظتہٕ کہِ قابلِ نفرین چاہ کِس ژٕنڈِس پیٚٹھ سو کھٕ سان بہتھ سو چھےٚ اتھ منز رٕسہِ وسان تہٕ بیٚیہِ چھےٚ نہٕ اَکھ کتھ تہٕ بوزان یِیلہِ کانٛہہ ونان چھُس خطرٕ چھےٚ لاینہٕ یِکھ تہٕ راوَکھ؟ تس چھا کُنہِ معجزٕچ وومید؟ بالکل چھُبس کیاہتام وومید......کیاہ یِیمہِ سارے کتھ چھےٚ ناتس پاگل ثابت کران؟ یہِ خیال آو تس سٹھاہ پسند۔ تس آیہِ یہِ وضاحت شکہٕ ورأے ساری کھوتہٕ زیادٕ پسند تہٕ لوٚگ زیادے سُنی پاٹھی تس وُچھنہِ۔

''تہٕ ژٕ چھُکھ خدایس بڑٕ زارِ پار کران، بیٚیہِ عبادت کران'' تِمی پرژھ تس۔ سوٗنیا یہِ ووٗن نہٕ کہنٛہہ تہِ۔ سُو ووٗن تس نہ یکیاستاد تِس جوابس پرایران۔

''مےٚ کیاہ اہمیت چھےٚ خدالیس وراے'' تمہٕ ہلاوُ یہٕ جبروٗٹھ۔ سو اُس تس وُچھان اچانک پاٹھی ووزلیٚس اُچھ تہٕ تُسند اتھ روٗٹن پنٕنس اتھس منٛز چیر سان۔

''اوٗہ......وُچھ، کرٛتھ چھےٚ یہٕ'' تمہٕ سوٗنچ۔

''تہٕ خداین کیاہ دیتُنےٚ ژےٚ؟'' تمہٕ پرٛژھ تس مزید اوندر وُچھان، وو کھُر دِوان۔ سونیا یہٕ کرٛوار پاہس کالس ژھوٗپہٕ زنتہٕ سو جواب دِتھ ہیکہٕ نہٕ۔ توٚہنٛد پھوٚر اوس وٕتھی گژھان۔ تیٚتھ تجٕس جذبن گژھکھ۔

''کرژھوٗپہٕ۔ یِتھ کانہہ سوال مو کر۔ ژٕ چھُکھنہٕ یِتھ سوال پرژھنس اہل''۔ سوزن وولےیہٕ۔ یکا یک سخت خشمناک نظر وُکرٛنس نوٗج۔

''چھیٚنا......چھیٚنا......آ......یہٕ ہے چھےٚ پاگل''۔ سُہ اوس پھرِ پھرِ اٚندری سونچان۔

''یہٕ کینٛژھا سپدان چھُ تہٕ چھُ سُے کران''۔ تمہٕ ووٗن اَکی پراژِ تہٕ نظرِ تراوٕن ییٚہٕ بوٗن کُن۔

''آ...... یہے چھےٚ ژٕلنچ وَتھ۔ یو ہے چھُ کُھری کاسنٕک واحِد طریقہٕ''۔ تمہٕ کوٚر پانس ستی فاصلہٕ تہٕ سیٚٹھے غور تہٕ دلچسپی سان لوٗگ تس رُمس رُمس سام ہیٚنہٕ۔ تسنٛزن نظرن منٛز اوس نوٚو عجیب یہٕ مریضانہٕ احساس نوٚن۔ سُہ اوس اَتھ زردزاوٗلس، غار متنأسِب توٚنل بٕتھی پٕنٕتس تھلہِ تھلہِ وُچھان یَتھ اند رخوشوٗنہِ نچہِ اُچھ زنتہٕ نارٕ ژاٚنگی پرٛزلان آسہٕ۔ یہٕ معصوٗم وجوٗ داوس وُنتہِ برٛہی تہٕ ناراضگی کٔنی کاٹیان۔ تس اوس یہٕ سوٗرے تعجبس لایکھ باسان بلکہِ ناممکن تہٕ......''امِس چھُ مذہبُک جنوٗن سوار گوٚمُت۔ یہٕ چھےٚ خبطی...... ہنہٕ......یہٕ چھےٚ ڈٔنجٕ'' سُہ روٗد پھری پھرِ یمٕ لفظٕ پانٔی پانس ونان۔ اَکھ کتاب اُس خانہٕ دارالماریٚنٛدِس اِکسِ ڈرارس اند ریتھ پٹھ تمِس کمرس اند راوٕر یور کرنس دوران نظر پیمٕژ اُس۔ یہے تُج تمہِ اَتھس منٛز تہٕ لوٗگ اَتھ

وُچھنہٕ۔ یہ اُس مقدس کتاب "نوِ عہد نامُک" روٗسی ترجمہٕ۔ اَتھ اوس چمرٕ جلدِ یُس پرٛوٗن تہٕ ژھیوٗنمُت اوس۔

"یہ کتاب کتہٕ چھیتھ اَنمِژ" تٔمۍ پرٛژھ تس کمرٕ کہِ بیٚیہ کوٗنہٕ پٮ۪ٹھے۔ سوٗ اُس وُنتہٕ پٔنٕنی جایہِ اِستادٕ میزٕ نِشہٕ ترٛیے قدم دوٗر۔

"سوٗزنم اَکۍ" تمہِ وونُس درجواب۔ سوٗ اُس نظرِ بوٚن کُن ترٛاوِتھ کتھ کران زنتہٕ کتھ کرنٕک کانٛہہ غرضی اوسُس نہٕ۔

"کمۍ سوٗزنے؟"

"لِزر واتاہن۔ مےٚ اُسمَس منگمژ"۔

"لِزر واتاہن......تعجب چھُ" تس آو خیال۔

سونیایہِ ہُند سورُے کینٛہہ۔ کتھ کلامہٕ۔ وۄتھُن بِہُن۔ پرٛتھ کانٛہہ حرکت اُس تس رژھِ پتہٕ رژھِ عجیب تہٕ زیادٕ زیادٕ دلچسپ باسان۔ تٔمۍ نیہِ کتاب موم بتہِ نزدیک تہٕ ہیٚتۍ نَس ورق پھِرٕنۍ۔

"لعزرسٕنز دٔلیل کتیتھ چھےٚ" مٔنزۍ پرٛژھنس۔

سونیا اُس کھوٚرٕ ٹھیکرٕ اُوِتھ پٔنٕنہِ جایہِ اِستادٕ تہٕ جواب اُس نہٕ دیُن یژھان۔ سوٗ اُس میزس اکہِ انٛدٕ اِستادٕ۔

"لعزرسٕندِ دُوبارٕ زندہ گژھنٕچ دٔلیل رکیتھ چھےٚ۔ سوٗنیا...... وولہٕ مےٚ دِتہٕ وُچھِت۔"

تمہِ ترٛاوتس کُن بےٚ شوٗنکۍ پٲٹھۍ نظرہ۔ ژٕ چھکھ غلط جایہِ وُچھان۔ یہ دٔلیل چھےٚ ژوٗرِمس انجیلہِ مقدسَس اندر"۔ تمہِ وۄن لوٚت لوٚتے مگر اعتمادٕ سان تس کُن اَچھ تُلنہٕ ورٲے۔

"تلسا ژٕ ے وُچھتہٕ مےٚ بوزنا وپرٕتھ یہ دٔلیل"۔ تٔمۍ وۄننس۔ سہٕ بیوٗٹھ پتھر

میزس کھوٚنہٕ وٹ زِ یتِھ گنہٕ ٹھیکراٗ وِتھ زِکلہٕ ترووٗن پنٕنین اتھن دوٗن پٹھ تہٕ نظرٕ وَ کنٕ اوس دوٗر کتھ تام سِنٛتھ باسان بہٕ ہوش وگوش ڈٔلیل بوزنچہٕ تیاٗری منٛز۔

''ترٛین ہفتن اندر اندر کرن تم میون استقبال پاگل خانس اندر۔ آبہٕ واتہٕ توٗری اگرے بہٕ تمہٕ برونٛھے گنہٕ امہٕ کھوٚتہٕ خراب جایہٕ ووٚتس نہٕ''۔ سُہ لوٗگ پاٗنی پانس ستی وننہٕ۔

تمہٕ بوٗز رَاسکولنکافن ڈٔلیل بوزناونک درخواست بدلِی سانٕے تہٕ بادلِ نخواستہٕ گیہٕ میزس کُن تاہم تُجن کتاب اتھس کیٛتھ!۔

ژٕے چھے نایہٕ ڈٔلیل پٔرمٕژ''۔ تمہٕ پرژھنس میز کہٕ دوٛیمہٕ پاسہٕ پٹھ سیٛدٕ سیوٚد نظرٕ ملاٗوِتھ۔

''یٔیلہٕ بہٕ لوٗکٹ اوسُس تمن دوہن چھم پٔرمٕژ سکوٗل گژھنہٕ کیٛن دوہن شاید۔ بوزٕ ناووونی ڈٔلیل۔

''گرجاگرس اندر تہٕ چھے ناوٗ زمٕژ؟''

''بہٕ چھُس نہٕ ازتام زٕہنٕے تہٕ گرجاگرس منٛز ژامُت۔ ژٕ چھکھ دوہے گوھان؟''

''ن......نہ......''سونیایہٕ ووٗن وُٹھہٕ پھسرلیہٕ منٛزٕے۔

رَاسکولنکافن گمناٗوی وُٹھ۔

''تو رُمفکرِ......ژٕ گوھکھنہٕ پگاہ مالی سٕندِس جنازس ستی تہٕ تور''۔

''آبہٕ گژھہ......تژھ کتھ چھنہٕ بہٕ اٗسس پتمی ہفتہٕ چرٕچ گاٗمژ۔ فاتح پرناونہٕ۔

''کٔمِس؟''

''لزواتس......بچاٗرکٕمی تام گرمکوٕ ستی قتل''۔

تس آیہِ یہِ بوٗزِتھ رگہٕ چارونہٕ تیٚتھ دباو پیوس۔ کلس ہیوٚ تنس چکریُن۔

''ژےٚ اوسیہِ وبہٕ تون تس ستی؟''

''آ...... بالکل...... کاژاہ رژا اُس...... مےٚ نِشہِ اُس یِوان...... تیوٚت زیادٕ نہٕ...... تیژ اُسس نہٕ بچارِ فرصتھے...... دوہے آسہٕ دوشوے یکوٹہٕ انجیل پران تہٕ کتھا کتھاتہِ آسہٕ کران...... سو...... سو کرِ ضرور خدایہِ سُنٛد دیدار''۔

اُخری جملہٕ باسیوو ٹہنٛد بن کنن سٹھاہے عجیب...... اتھ منٛز تہِ گیہِ تس نوٚے کتھاہ مولوم...... لِزواتایہِ ستی تسنٛدی پراسرار ملاقات...... تہٕ تمہٕ دوشوے باسیے لیس مذہبی جنونی۔

جلدٕ گژھہٕ یہٕ تہٕ سودائی...... مذہبی سودائی...... یہِ چھُ اکھ لاغدار مرض...... اکھ وباییکی جراثیم خوٗنس ستی رلان چھِ تہٕ اتھ زہر بوٗ رُت بناوان چھِ تہٕ یتہٕ چھُ یہِ انسان فسادی بنان'' سُہ لوٚگ سونچنہِ۔

''اچھا بوزٕ ناوٗ''...... بےٚ قراری منٛز ووٚننس کرٛبکھ دِتھ۔

سونیا اُس پتھ نم بڑ وٹھ نم دِوان...... تس اوس پھوٚ رہتھ گژھتھوٚ دووتھان...... خبر کیاز اِس نہٕ سورَ اسکولِنکافس انجیل مقدس بوزناونی یژھان۔

رَ اسکولِنکافن گراُمس دو کھہٕ لدنہٕ ڈَجمرٛ گن نظر۔

''بہٕ...... بہٕ...... کیاز بوزناوتھ ژٕ؟ ژٕ چھُکھ بداعتقادی ژےٚ چھے نہٕ یمن کتھن پتھ پژہے'' چھیکرس ووٚننس سونیایہِ ژرٕ جگرٕ گرتھ''...... مگر بہٕ چھس یہِ ڈیلیل بوزنی یژھان'' تمی ووٚنس ''سونیایہِ مژراواوِ انجیلہِ مقدس تہٕ کوٚ ڈُن لعزرسنٛز کہانی ہُنٛد صفہٕ۔ تس اُس اتھن تھرتھر تہٕ کتھ ہرِس پتھے روٹنہٕ گژھان۔

''تہٕ سپُد یہِ زِ مریم تہٕ تہنٛز ہمیشرٕ مرتھایہِ ہُنٛد گامک لعزرناوٗک اکھ شخص اوس علیل'' سونیایہِ ہوٚت چھیکرس یرُن مگر تس بگراے یہِ آوازٕ ے...... شہہ ژھو کیوس

......پھۆرلۆگس پھورنہٕ......باسان اوس وٕنی گژھہٕ پھژٕ ڈ۔

رَاسکولنکافس اوس گوڈے کم کاسہٕ فکرٕ تران زِ سونیا کیازِ چھنہٕ تس بڑ وٕنتھہٕ کنہٕ انجیلہٕ مقدس پٕرتھ ہیٚکان تہٕ یۄتاہ تس فکرٕ تران گوٚ وتیۄتاہ زیادٕ اوس سُہ سونیایہٕ انجیل پٕرتھ بوزناوُنس پیٚٹھ مجبور کران......سُہ اوس زانان تہٕ ژینان تہٕ زِ پنٕن اۄندر باوان تہٕ رَازافشائی کرنس دوران کوتاہ شدید روحانی کرب چھےٚ سونیا محسوس کران......تس اوس بوزُن تہٕ گُمت سونیایہٕ ہنٛدی یِمہٕ روحانی جذبات چھہٕ توہند مولُل خزانہٕ رۄ دیٖمتی تہٕ یِمہٕ باطنی جذبات چھہٕ امہٕ حبسہٕ پتہٕ پیٚٹھے شاید لۄکہٕ پانہٕ پیٚٹھے پنٕنس وٕچھس اندر رٕژھرأوتھ تھاوی ٚمتی ۔ یَیلہٕ سو مصیبت زدٕ مائُلس......دوکھو کِنی پاگل گاٚمژ ووٕ ماجہٕ بوچھہٕ ستی پھیٚاہ پھیٚاہ کرن والین بیٚنٛین باین ستی روزان اُس تمن دوہن تہٕ روزسولمہٕ خزانچ حفاظت اُکِس ایماندار راچھدر ہنٛدی پأٹھی کران تہٕ ووٕنی چکلس پیٚٹھ بیٚہنہٕ واجیٚنٛز بنہٕ پتہٕ تہٕ رۄزاتھ خزانس رٕژھرأوتھ تھاوان پوٚز تہٕ کرِتھ تہٕ اُس ووٕنی رَاسکولنکافس انجیل مقدس پٕرتھ بوزناوُنس پیٚٹھ آمادٕ تہٕ یۄتاہ پلیوس تیۄتاہ کوٚرُن گبراہٹس پیٚٹھ قوبو۔ دوہیہ ترٛیہ پھرٕ ژاکھر کرِتھ کوٚرُن ہوٚٹ ہناصاف تہٕ انجیل مقدسکہٕ کہمہٕ چیٚپٹرک گنوہم آیہٕ ہیۄتُن پرُن......" تہٕ واریاہ یہۄدی آے مرتھاتہٕ مریمس تہنٛدِس بأے سٕنٛدِس مرنس پیٚٹھ دلاسہٕ دنکہٕ غرضہٕ...... یسوع مسیح سٕنٛدٕ ینٛچ خبر بۄزِتھ گیہ مرتھاتس سمکھنہٕ اما مریم پیٚٹھ گری......مرتھاوٕژھ یسوع مسیحس کُن......" اے آغہٕ! اگرے ژٕ ییٚتہٕ آسہٕ ہکھ تہٕ میون بوے مرِ ہے نہٕ مےٚ چھُ یقین وٕنی کیٚبس تہٕ یہٕ کینٛژھا ژٕ خوداییس منگکھ سُہ کری عطا"۔

سونیایہٕ کرٕ ژھوپہ......توہند بُتھ ووٚشلیو وخیال آس لرزٕ طأری سپدنک تہٕ وأنٛج پھٹنک۔

"یسوع وۄتھ تس زٕ چون بوے گژھہٕ مُرِتھ بیٚیہ زندٕ۔ مرتھاوٕژھ تس زٕ مےٚ چھُ

مولوم زِ قیامژ ہندِ أخری دوہہ گژھہِ ییٚہِ زندٕ......یسوع ووٚتھُس قیامت تہٕ زندگی چھُس بوے......یُس مےٚ پیٛٹھ ایمان انہِ سُہ چھُ مرِتھ تہِ زندے تہٕ یُس کانٛہہ زندٕ چھُ ییٚہِ لنہِ مےٚ پیٛٹھ ایمان سُہ مرنہِ ابدس تام تہٕ کینٛہہ......کیا ژےٚ چھُیہِ اتھ کتھِ پیٛٹھ ایمان......سُہ ووٚتھ لتس کُن۔

ییٚہِ اکہِ پھِرِ سر دووٚش تژٕ اُتھ لَج سونیا صاف آوازِ تہٕ اثر دار لہجس منٛز انجیل ییٚمہِ آیہ پرنہِ زنتہٕ لوٗکن ہندِس بڈِس اجتماعس واعظ پران اُس۔

''سو ژھ لتس کُن......آ......اے میانہِ آغہٕ......مےٚ چھُ ژےٚ پیٛٹھ ایمان اوٗنمت زِ مسیحؑ یُس دنیاہس منٛز ینہٕ وول اوس سُہ چھُکھ ژٕ ے''۔

سونیایہِ گر ژھوپہ تہٕ ٹلی ٹارِ اُس رَاسکولنکافس ژرژان......اما پننین جذباتن پیٛٹھ قوبو کرِتھ روٗز پران......رَاسکولنکاف اوس میزس پیٛٹھ بتھِس کھونہٕ وَٹ دِتھ بے حِس وحرکت بہتھ......لتس اُسی اُچھ ٹاری ووٚٹمتی تلیمتی تہٕ لال زنتہٕ ووٚپھرٕٹمتی......زنتہٕ وجدس منٛز اوس۔سونیایہ ہیوٚت تژٕ وُہم آیت پرُن۔

''ییٚلہٕ مریم تتھ جایہِ واژ ییٚتہٕ یسوعؑ اوس تہٕ سُہ وُچھی تھے پیٚیہ لتس ژرنن تل......وننہِ لَج......اے آغہٕ......اگرے ژٕ ییٚتہٕ آسہکھ میون بوے مرِ ہے نہٕ......یام یسوعن سو تہٕ لتس ہمراہ آمتی یہودی ودان وُچھ دل گوس سکھ اوزرٕ باتھرٕ ہٕتی ووٚننکھ سُہ کتہِ چھُون تھووُمت......تمو ووٚنس سانہِ آغہٕ یکھ وُچھن......یسوعس تہٕ ووٚتھ اوٗش......اد کیاہ یہودیو ووٚنُس وُچھ اُمس کوتاہ ٹوٹھ اوس سُہ......یمو منٛز وون کینٛژو ییٚمہِ شخص ییٚمی اُنس اُچھن گاش پھیٚر ہیوٚ کنہٕ کھٕنی تہِ کرِتھ ییٚتھ یہ نفر مرِ ہے نہٕ کینٛہہ؟''۔

رَاسکولنکافن تژٕ اوکلہٕ تھوٚد تُلتھ سونیایہِ کُن نظرتس اوس نہٕ وہمہٕ گمانہٕ تہٕ زِ سو آسہِ یژی جذباتن ہندِ تھٕرِ تہٕ مژرٕ ستی الہٕ پوشکی پاٹھی لرزان۔

سو اُس اُلہیاہ ہندِس تتھ مقامس نزدیک واژمژ ییٚتھ اکہِ بڈِ معجزک بیان

چھُ ......سونیا اُس خوشی تہٕ تواریخ کہِ حاٲرتس تژ اون والہِ معجز کہِ ہاٲبتہٕ ستی نٹان...... تَھزر آواز اُس صاف پیژاہ زنتہٕ روٗنہٕ وزان آسس ......معجز کہِ بجر تہٕ عظمتہٕ کنۍ اُس سو وِسان تہٕ بدنس اٲسس نٔو حرارت میلان ......مقدس کتابہٕ ہنز سطرٕ سطرٕ آسس نظرو نِشہِ ژلان تہٕ اکھ اَکس پٮ۪ٹھ ٹھاسہٕ ونہٕ یِوان باسان......خاٲرتس اوس انجیلہِ مقدسُک یہِ انگ زبانۍ یاد...... اُخری آیتکۍ یِم الفاظ......"کیاہ یہِ شخص ییٚمۍ اٲنس اُچھن گاش اوٚن ہیوٚ کنایہِ معمولی کاٲم گٔرِتھ۔ پران پران زنتہٕ دم گوس تہٕ تمہِ پٔرۍ بظاہر گاشدار مگر اصلاً انٚہن تہٕ منکر یہودبن ہنٛدِ امہِ طعنکۍ الفاظ پھِرۍ پھِرۍ یِم وونۍ اَمۍ سِندبن قدمن پٮ۪ٹھ کلہٕ تژ اون واٲلی اُسۍ زنتہٕ ترٹھ پھِروأتھ ژھٔنن واجینٛۍ اٲسکھ تہٕ یِم وَچھ ژٕڈ ژٕڈ تہٕ باکہٕ ژھٔڈ ژھٔڈ توبہٕ کرن واٲلی تہٕ اَمۍ سِندِس آسنس پٮ۪ٹھ ایمان انن واٲلی اٲسۍ۔

"تہٕ یہِ......یتہِ چھُ اوٚن تہٕ منکر......یتہٕ بوزِ اَمۍ سنز آواز......یتہٕ انہٕ تس پٮ۪ٹھ ایمان......اوٚہ اوٚہ......یتہٕ انہٕ وُنی ایمان......وُنی ییٚمۍ دمہٕ......" سونیا اُس اُخری آیت پھِرۍ پھِرۍ پرنہٕ وِزِ اندرۍ اندرۍ سونچان تہٕ یِنہٕ والہِ بہارچہِ گرہنٛدِ خوشبوٗنہٕ خیالہٕ اُس وِسان۔

"یسوع سپُد دل اوزردٕ گژھتھ دُبارٕ قبرٕ پٮ۪ٹھ حاضر ......سو اُس اکھ گوپھ یتھ گُلس پٮ۪ٹھ اکھ پَل تھاوِتھ اوس......یسوعن کوٚر کھ حکم پَل ڈاٲلیوٚن اَمس مٔیتہٕ سنٛزٕ بینہٕ مرتھایہِ کوٚر عرض......اے آقہٕ اور چھےٚ بدبوے یِوان اَمس گےٚ ژور دوہ دفناوِ متِس۔

"ژور" لفظس پٮ۪ٹھ دیُت سونیایہِ واریاہ زور۔

"یسوعن فرموونس......کیاہ مےٚ چھُمے ناوُنمُت اگرے ایمان انکھ خدایہِ سُند جلال وُچھکھ ؟ تہٕ تمو ڈول پَل لوٚب گٔن۔ یسوعن تُجہٕ پتہٕ اُچھ آسمانس کُن تہٕ وُونُن ! اے پاٚدٕ کرن والہِ چھُس چون شکر ادا کران زِ ژٕ بوٗزتھ میون فریاد تہٕ مےٚ اوس

گوڈے معلوم زِ ژٕ چھُکھ ہمیشہٕ میون بوزان۔ مگر یمن لوٗکن ہنٛدِ مو کھہٕ یم مےٚ اَنٛدی پکھی استادٕ چھی کوٗرمےٚ بیٚہٕ عرض یُتھ یم ایمان انن کیازِ ژٕ چھُتھس ژےٚ سوٗزمُت ......یہ وَنتھ لوٗے ژٕمی تھدِ آلو......اے لعزر نیر نبر ......تہٕ سُہ موردٕ یس اتھہٕ کھور کفنہٕ سٟتی گنٛڈِتھ اَسی دراو تیتھے کنٛی نبر۔

سونیایہٕ پوٚریہٕ ڈٟلۍ زٕ تہٕ اقتباس کرٕ کھ دِتھ......تو ہنٛد سورے بدن اوس جوشہٕ تہٕ مسرت کہٕ شدتہٕ سٟتی لرزان تہٕ پنٕنس آغہٕ سٟنٛد روبہٕ پھٹٕس ترٕ گنٛڈی زنتہٕ یہ سورے معجزٕ تہٕژن اَچھن برٕ ونٛٹھہٕ کنہِ سپدان اوس......تہنٛدِس بتھس اَس کفنہٕ ڈٟج وٕلتھ......

یسوع ؑ فرموٗ کھ گنٛڈ مژ راوٕ یوٗس تہٕ دیوٗس گژھنہٕ......اِدٕ کیاہ واریاہو یہودیو یم مریمس ؑ ہمراہ آمتی اَسی تہٕ یمو پننو چشمو یسوع سُنٛد معجزٕ وُچھاوٗن تس پیٹھ ایمان۔

''بس یہے چھےٚ لعزرٕ سٟنٛد دُبارٕ زندٕ گژھنچ کتھ......سونیایہٕ ووٗنس سبٹھاہ بردبٲری تہٕ نرمی سان......لبہٕ کُن بتھ پھِرِتھ روز میزس کُن تھر کٔرِتھ خاموش تہٕ کوٚٹ ہش استادٕ......سو اَس نہٕ رَاسکولنکافس سٟتی اَچھ ملیک جرأت کٔرِتھ ہبکان......نظرٕ یون کُن تھاوِتھ روٗ زوودنہٕ تہٕ وُنتہٕ اَس لرزان......شمع دانکس دہانس منز پھٔسِتھ موم بتہٕ ہُنٛد زرد سوتیومُت گاش اوس مصیبت زدٕ کُٹھس منز یتھ دوٚن گونہگارن پیٹھ پھوان یمو منزٕ اکھ چکلس بیٚہنہٕ واجینٛژ تہٕ دوٚیم اکھ قاتل اوس تہٕ دوشوے گونہگار وۍ تہٕ بوٗز (آسمٲنی کتاب دِلس منز عجیب جذبات ژٕھِتھ) اَتھی موم بتہٕ ہِنٛدِس گاشس تل۔

پانژن منٹن کٔرنہٕ یمو کانٛہہ کتھا۔

''دراصل اوسُس بہٕ اکھ خاص کتھ ژےٚ وننہِ آمُت'' رَاسکولنکافن ووٗنس بمہٕ چاٲرِتھ ہنا تھدی......یِ ونان ونان گوٚو تس برٕ ونٛٹھہٕ کنہِ استادٕ تمہِ وُچھ تس کُن اَچھ تُلتھ مگر زیوٚ ووٗنس نہٕ کہنی......رَاسکولنکافن کرٕ پھر تہٕ ڈٟرندگی ہُنٛد یرادٕ اوس تہنٛدِ بتھہِ پیٹھ دوٚری بوزُن تگان

''از ژۏڈ مےٚ پنٕنس خاندانس ستیٚ رشتہٕ'' ہُمی وۏنُس '' مےٚ ترٲو پنٕنی موج پننی ییتہٕ ہمیشہ خاطرِ وونی سمکھنہٕ یہٕ تمن زانہہ''۔

''مگر کیازِ؟......سونیایہِ پرٛژھنس حاراٲنی اندر ......پلشیر یاتہٕ ادوتیایہِ ستیٚ حالے سپد یمتیٚ ملاقاتن اوس تس پیٹھ عجیب اثر ترٛوومُت یُس تس وُنہٕ تہٕ ژیترن اوس نہٕ تگان وونی ییلہِ رٛاسکولنکافن یہِ انکشاف کوٚرتس گییہِ واہ وُستھ''۔

''وونی چھُمنہٕ کانہہ دۏیم ژےٚ سوا'' رٛاسکولنکافن وۏنُس ......'' وولہٕ اَسی کرو اتھواس......یہٕ چھُس ژےٚ نِشہِ آمُت اِوکنی دوشوے چھِ گونہگار...... پکھ سونیا اَسی پکو اکھا اکس ستیٚ نکھہِ پھیوٚک ہِنتھ''۔

رٛاسکولنکافس زوتے یہِ اَچھ......پاگلہٕ سنٛزن اَچھن ہندی پاٹھی ......سونیایہِ کوٚرلرزِتھ فاصلہٕ کتھہٕ گینٛی کڈ ٹک۔

''نکھہٕ پھیوٚک ہِنتھ پکو! مگر کوٚت؟'' زنتہٕ بیدار گژھتھ پرٛژھنس تہٕ اَتھی منٛز کھژ بےٚ شونٛکھی پاٹھی کینٛہہ قدم پتھ کُن۔

تہِ چھُنہٕ مےٚ پانس تہِ پتاہ مےٚ چھُ صرف یِتے بوزُن تگان زِاسہِ دۄشوٕنی ہنٛزوتھ چھےٚ کُنی ......وَتھ چھےٚ کُنی تہٕ منزل تہِ چھُ اکُے ......امہِ سوا چھُنہٕ مےٚ کہنی تہِ علم''۔

سونیا رۄزبیوقوف سندی پاٹھی تس مُدے گنڈِتھ وُچھان......تمِس تو رنہٕ باقے کہنی تہِ فکر مگر پرٛ ہن تجس بوزنی زِیمہٕ ڈجمژ کتھہٕ کرن وول یہِ نوجوان چھُ اَندرٕ رکنی کوستام روحانی دگ للہٕ ناوان۔

''اگرے ژٕلوٚکن پنٕنی ڈلیل ونکھ تمن تری نہٕ فکر مگرمےٚ توٚگے بوزُن سونیا...... یہِ کڈرٕوتھ طے کرنہٕ باپتھ چھےٚ مےٚ اکس ساتھی سنٛز ضرورت ......ژٕےہبکھ میانی ہمسفر ہِنتھ......امی باپتھ چھُس یہٕ ژےٚ نِشہِ آمُت''۔

''مےٚ چھُنہٕ کہنی تہٕ فکر تران'' سونیایہِ وون لوٚت لوٚتے۔

''وَکھ واتہٕ ژٕ یے تری سورُے فکرِ......اَسی دوشوے چھِ گونہگار...... اسہِ دوشو یوچھُ جرم کوٚرمُت اَکی ......اَکی سماج کیو مقرر اصولو نشہٕ ڈٲلتھ پکنُک گوناہ تہٕ بیٚیہ اکھ زندگی ختم کرنُک گوناہ......ژٕ یے تہٕ چھُتھ اکہِ زندگی ہُنٛد خاتمہٕ کوٚرمُت خود پننہٕ زندگی ہُنٛدا (کتھ چھےٚ کُنی) ژٕ ہیکِکھ پٕژ زندگی بسر کٔرِتھ......تژھ زندگی ییمیُک کانٛہہ مقصد آسہِ ہے......یتھ کینٛہہ اہمیت آسہِ ہے قدر آسہِ ہے......مگر وونی ......وونی آسی ژٕ یے کُھر چہِ بازٕرٕکس کُنہِ فُٹ پاتھس یا کُنہِ خٲراتی ہسپتالس منٛز مرُن......اما پوٚز میٲنی کتھ ہیکِکھ نہٕ ژٕ سمجِتھ......اگر یے یژھکھ تہٕ توتہٕ تری نہٕ فکرِ......اگر یے ژٕ کُنی ژٕنی روز کھ تہٕ امی آیہ زندگی زوان روزکھ ژٕ گژھکھ پاگل......باورِ گژھکھ......نیم پاگل چھکھ گامژٕ ے......لہٰذا یکھ ژٕ مے ہمراہ سونیا!''

''کو با پتھ؟ کیازِ؟ ژٕ کتھ پٔتھ چھُکھ یمہٕ کتھہٕ ونان''۔

''اوٚ کُنی زِ ژٕ ہیکِکھ نہٕ یتھہٕ کُنی زندگی گذٲرِتھ......ژٕ ہیکِکھ نہٕ زیادٕ کالس پانس دوکھہٕ دِتھ......اکہِ نتہٕ اکہِ دوہہ پییٚ ژٕ یے حقیقتُچ تلخی سرٕ نی......ژٕ کر کتھ سمجن ہُنٛز کوٚشش......شُر بن ہنٛدی پاٹھی وٚدی وٚدی تہٕ کرٕ بکہٕ دی دی یہ وٚنتھ کیا نیرِ زِ خدا یے واتناونہٕ اتھ پٔتھ واری......یہِ چھُ فقط دوکھہٕ......شُری لاَزی......خدا یے کرِ تہٕ سورُے یہ ژٕ یژھان چھکھ گوٚژھنہٕ سپدُن......سیکلس پٔتھ گژھنہٕ پنٕنن ووہیزن ہُنٛد عالی شان محل تیار کرُن......یہِ نہٕ سپدُن گوٚژھ تہٕ چھُ سپد یومُت تہٕ سپدان تہٕ چھُ......مانتہٕ کُنہِ جنسی بیمارِ منٛز ہینہٕ یتھ واتکھ پگاہ ژٕ ہسپتالس منٛز......پتہٕ؟ کیٹرینا چھےٚ پاگل گامژٕ ے تس چھُ دیق تہٕ گومُت......یتھ دنیاہس منٛز چھِ تسنٛدی دوہہ برابر گامتی......از چھےٚ تہٕ پگاہ آسہِ نہٕ پتہٕ کوسہٕ ونن گژھہِ شُر بن......پولنیکا ہُنٛز زندگی گژھہِ ناتباہ تہٕ برباد......ژٕ یے چھِتکھنا تم موصوم شُری وُچھِ ہتی یمن مول موج مجبور کٔرِتھ بیچھنس لاگان چھُ تہٕ سڑکن تہٕ کوچہِ گلین منٛز چھِ وُدارٕ آسان......یمن بیچھونن شُر بن ہُنٛز ماجہِ کپٲری تہٕ کتھ

ماحولس منز چھِ آسان تہٕ یم شُری چھِنہٕ اتھ ماحولس منز محفوظ روزان۔ یُتھ ستہٕ وُہرشُر چھُ ہتہٕ وُہُر بد خصلت تہٕ ماہر ژوٗر ربنیومُت آسان حالانکہ ژٕ ے چھُے مولوم شُری چھی یسوع سٕندی پأٹھی موصوم آسان ...... یسوع سٕنزن یمن موصوم تصویرن کرو احترام ...... یمن ستی کرِو محبت تِکیازِ یمے شُری چھِ بنی نوع انسانہٕ سُنٛد مستقبل انسانیژ مکمل کرن وألی"۔

"تہٕ تیلہِ ...... تیلہِ کیا کرٕ؟" سونیا اُس نیسنگا وَدان وَدان تہٕ اَتھٕ ملان ملان ونان۔ زنتہٕ دُورٕ اوُسس بیومُت۔

"تیلہِ کیا؟" تمہٕ بڑ یڈ پھُٹر اویمہٕ پھُٹر اونہٕ ضروری چھُے ...... تہٕ سأری مصیبت تہٕ سأری دوکھ تل تہا پننس کلس پیٹھ ...... سوُرے بور تُل پننین پھکین پیٹھ ...... تو ریہ فکرِ؟ نہ کہنی تو رُ ے نہٕ ...... ژٕ ہبلکھ نہٕ یہ سمجتھ، وقس پیٹھ تری بأنہ بأنہ فکرِ ...... آزأدی تہٕ اقتدار ...... سأری تھوٚ دتہٕ سأری سرس اقتدار کھورن تل رتھہٕ کھو کھرِ پکن والین تہٕ تھرِ تھر منز پیأ متین مخلوقن پیٹھ تہٕ خلہس منز نژوٗنس زلرس پیٹھ مکمل ترین اقتدار ...... یوٚ ہے چھِ منزل سونیا یاد تھاوِ یوہے چھُ منزل ...... اقتدار ...... اقتدار ...... مکمل ترین اقتدار یہ چھُے میون الودأیی پیغام ...... شاید چھُس بہٕ ژٕ ے ستی یہِ اخری ملاقات کران ...... اگرے بہٕ پگاہ یور آس نہٕ تیلہِ بوز کھ پانے میون انجام کیا سپُد ...... میون پأغام تھأوِی زِ وأنجہِ لیکھتھ ...... ممکن چھُ جلدی ما سمجکھ ینہٕ والین دوہن منز گنہِ دوہ ہہ میانہٕ پأغامُک معنی ...... ووٚنی اگرے بہٕ پگاہ آسے تیلہِ ونے رِلزواتا کُمی کرٕ قتل ...... خداے کری نے حفاظت"۔

سونیا گیہِ خوف تہٕ حأرتہٕ ستی تھوٚ دوٚ تھتھ۔

"ہاں ...... گوژٕ ے چھُے پتاہ تُسنٛد قتل کُمی کوٚر؟"۔

"مے چھُ مولوم ...... تہٕ ژٕ ے ...... فقط ونہٕ ژٕ ے اِی یوت ...... امہٕ باپتھ چھُ مے چوٗنے انتخاب کوٚرمُت ...... افسوس کرنکہ غرضہٕ نہٕ بلکہِ یمے شیٛچھ ونہٕ ...... یلہِ چأنی مأنی

مےٚ نشہِ چون اول وانگُن نوٚن کڈِتھ تھووتہٕ ییٚلہِ وُنہٕ لِزواتا زندے اُس مےٚ اوس تمی وِزِ فأصلہٕ کوٚرمُت یہِ راز ونے صرف ژیےٚ یوت......اچھا......خداحافظ......نہ......نہ......مصافہٕ......ویسے چھےٚ نہٕ وُنی کیٚنس اکھ ضرورت......شاید گژھہِ پگاہ......''۔

یی ونان ونان دراوسہ کُٹھہِ منٛزٕ نبر......سونیا روٗزتس بےٚ حس وحرکت وُچھان زنتہٕ گنہٕ وٹھ أس......سونچان اُس سہ چھُ حقیقتاً پاگل گومُت پوٚز پانہٕ خوداوس نہٕ سونیایہِ دمأغی توازن ڈنجہ ییمِیُک تمِس پوٗرٕ احساس اوس......تمِس اوس کلہٕ سخ گیران۔

''اوٚہ......میانہِ خدایہِ! اُمِس کتہِ لوٚگ پتاہ لِزواتا کمی کرِقتل؟ اُہُنٛز ن یمن کتھن ہُنٛد کیا مطلب اوس......اُف......میانہِ خدایہِ......''اماسو مگر تمِس آونہٕ''سہ خیال''،تس گوٚ ونہٕ رَاسکولنکافس پیٹھ کانٛہہ شک''خدایہِ......یہِ بچور چھُ سبٹھاہ دوکھہٕ زد......سبٹھےٚ وُدأسی چھُ......بچأری ماجہ تہٕ بینہٕ سِتی چھُن ترک تعلق کوٚرمُت......مگر کیاز؟ ذٔلیل کیا سنا آسہِ گأمژ......خبر دمأغس منٛز کیاہ چھُس؟ کرُن کیا سنا چھُس؟ کیا ونیون......میأنبن پدبن میٹھی دِوان کیاہ ونیوأمی......ونیو(آ......ای ونیون......صاف صاف لفظن منٛزٕ ےوٚنُن) زِسہ ہیکہِ نہٕ مےٚ بغأر زندٕ روٗزِتھ......میانہِ خدایہِ''۔

سونیا روٗز تتھ رأژ انتہأیی بیقرار......رأتی راتس روٗز تیہٕ سِتی دزان تہٕ دمأغس روٗدُس گوبر تہٕ ووٗری ووٗری أس ووتھان......دیوانہٕ سِندی پأٹھی اُس باکہٕ ژھٹان تہٕ پننِبن رانن اتھہٕ سِتی پھش پھش دِوان......پتہٕ اُس تف تیزنہٕ کنی دبن گژھان......سو اُس خواب وُچھان یتھ منٛز سو پانہٕ......پولنیکا،کٹیر ینا ایوانو ونا تہٕ لِزواتا یکہٕ وٹہٕ ہیتھ مقدس کتاب پران آسہٕ تہٕ اکہِ انہِ اوس سہ تہِ ہیتھ''اوہ سہ تہِ''تمُنٛزن اُچھن منٛز زنتہٕ نارٕ الاوزوتان اوس......سہ اوس سونیایہٕ ہِنٛد بن کھورن پیٹھ پننی نارٕ بڑہہ ژھٹن وأنی وُٹھ تھاوان ییمِہ پتہٕ اُہنٛز وأچھو منٛزٕ الاوکی پأٹھی وُشن وُشن اوٗش وسان اوس۔کھووِرِ طرفہٕ یتھ دروازس کُلف اوس تتھ پتہٕ کنہٕ اوس بیٚا کھ کُٹھ یُس

راسلیچہٕ ہندِس فلیٹس سونیایہٕ ہنٛد کمرٕ نشہِ الگ کران اوس۔ مٔنز یم یہ کُٹھ اوس واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ بنٛد ے امہِ کُٹھہِ کِس دالانس کُن مٔژراونہٕ ینہٕ وأٔلِس دروازس تہٕ کولہِ ہنٛدِ طرفہٕ دارِ اوس أکِس تختی پیٹھ زٕ ٹھیو حرفو ''کرایہِ خاطرٕ چھُ خأٔلی'' لیکھت...... سونیایہٕ أس امہِ کُٹھچہِ خاموشی ہنٛز وونی ہأٔبے گأمژ...... پتہٕ اوس زِ وُنیُستام آونہٕ امہِ باپتھ کأنٛہہ کرایہِ دار...... اتھ سأٔری سے وقتس یٔتِس کالس سوتہٕ رٲسکولنکاف پانہٕ وأٔنی کتھ باپتھ کران أسی اوس سیوادری خأٔلی کُٹھس منٛز موجود تہٕ کُلف لگتھ دروازس ستی پتی کِنہ رۄزِتھ اوس یمن دوشوٕنی ہنٛز کتھہِ بوزان...... ییٚلہِ رٲسکولنکاف سونیایہٕ ہنٛدِ کُٹھہِ منٛزٕ نبر دراو سیوادری رۄد کُنی ووٹہِ أکِس انہِ گٹہ کٕنجس منٛز اکھ بوکھچہِ ہیٔو تشر ژ پتھ...... منٛتاہ رۄد سُہ کیاہ تام سونچان تہٕ پتہٕ ژاو بڑار ہٕنٛدی پأٔٹھی لوٚت لوٚت پنٛجہِ دِتھ پننس کُٹھس منٛز یُس تمی کرایہِ پیٹھ رۄٹمُت اوس...... سیوادری گیلافن کُٹھ اوس سونیایہٕ ہنٛدِس کُٹھس ستی رلان...... کیٛنہہ بزنٛزی گژھتھ آو سُہ اکھ خأٔلی کرسی ہیتھ بیٚیہ خأٔلی کُٹھس اندر تمی تھأوِیہِ کُرسی لوٚت لوٚت دروازس نکھے یُس سونیایہٕ ہنٛدِس کُٹھس کُن ترنہٕ باپتھ اوس تہٕ یتھ کُلف اوس...... سونیا تہٕ رٲسکولنکا فنی کتھ باتھ أس تس انتہأٔیی دلچسپ باسیمژ...... کرسی أنِن اِو سبہٕ زِ آیندٕ شاید پکھے بیہہِ سُہ أتھی کُرسیہ پیٹھ تہٕ بوزِ اطمینانہٕ سان یمن ہنٛز سِرٕ کتھ۔



# (۵)

پگاہ صبحنس کہہ بجہِ بأگی گورَ اسکولنکاف پولیس سٹیشن "جُرمن ہنٛدِ تحقیقات کِس" دفترس پیٹھ......تمٕ کرنأو پننِس ینِس نِسبتھ اندر پرافری پیٹرٕ ووچس شیٚچھ پوٚز ییٚلہِ تس دہن منٹن پژارُن پیوٚ وسُہ گوٚ وأنٛدرِ اندری سخ حأران۔ داہ منٹ، بے چینی پأدِ کرن والیو دہو منٹو پتہ آو سُہ اندر بُلاونہ۔ تس اوس خیال بلکہِ اوُسس یقین زِ تِتھے سُہ اورواتہِ تمہ دِن تس بوچھہِ ہتھن ہوٚن ہنٛدی پأٹھی چھیٚ۔ مگر اتھ برعکس پیوٚ تس ویٹنگ روٗمس منٛز دہن منٹن پژارُن۔ اتھ أنی لوٗکھ أسی اندرمہِ کمرٕ منٛز نمبر نیران تہٕ نوٚی نوٚی أسی دأخل سپدان۔ رَ اسکولنکافس اوس لوٗکن ہُنٛد یہ یُن گژھُن سٹھاہے عجیب باسان خصوصاً او موکھہِ زِ یمو منٛزٕ ترٛأونہٕ أکی تہٕ أمِس کُن أچھ تُلتھ نظراہ۔ نکھہٕ تُلکس کمرس منٛز یُس دفتر باسان اوس تتہ أسی کینٛہہ کلرک موچن فایلن ہٕندِ بن ورقن پیٹھ پان نوٚمرأوِتھ قلم پھِران۔ بظأہر اوس یِی بوزُن تگان زِ کلرک أسی وُنیُتام رَ اسکولنکافس نسبتھ ناواقف تہٕ نہ اوسکھ اِی معلوٗم زِ سُہ کیا کرنہِ چھُ یِہِنٛدِس دفترس پیٹھ آمت۔ رَ اسکولنکافس أس کلرکن ہنٛز یہِ بےتعلقی سٹھاہ سرسأوی باسان تہٕ تِہنٛدِس دِلس منٛز ہیٚتِن کینٛہہ شکوک تہٕ شبہات کلہٕ کڈٕنی۔

"أخریم کیا زِ چھِ یِتاہ بےتعلق لاگان؟ اتھ منٛز کیاہ راز چھُ؟ یمو ماچھی دراصل دروازس پیٹھ ہتھیار بند پُلسہٕ وألی تھأوی مِتہ......یا بنان چھُ عام شہری ین ہنٛدِس لباسس منٛز ماچھکھ قریبی کینٛہہ جوسوس مِیأنِس ووتھنس بیہنس پیٹھ نظر گذرتھاوِنہٕ باپتھ تھأوی مِتہ زِیہ ماژلہ تہٕ یم دِن چھی بُرتھ......أمی ترٛأوژہ پور نظراہ مگر یتھ ہسرٕ گراگوس نہ نظرِ......

یمو کلر کو علاوٕ یم پنٔنِس فائکن ہنٛدِس پرٛنس اندر سٔنتھ آسہٕ علاوٕ بیٚیہ کنہٕ ستی دلچسپی تھاوان
اُسی نہٕ اوٚسُس نہٕ تتہٕ بیٚا کھ کانٛہہ نفرانظر گژھان...... یم زن باقے لۄکھ یِوان گژھان
اُسی تِمن اُس پنٔنی پنٔنی کأم تہٕ کأم اٚنزرأوِتھ اُسی نیران پانس...... کأنٛسی اُس نہٕ راسکو
لنِکافس ستی دلچسپی...... تسُند یہِ یقین ہیوٚتُن زیادٕ زیادٕ پوٚختہٕ گژھُن زِ اگرے راتکہِ
پراسرار شخصن یُس شیطانہٕ سنٛدی پأٹھی زنتہٕ زمینہِ منٛزٕ پھٔٹِتھ پیوٚ وسوٗرے کینٛہہ اُچھو
وُچھمُت آسہِ ہے تیٚلہِ پیٚیہ ہے نہٕ اُمِس دٕہن منٹن نادواتنہٕ باپتھ پزٲرُن...... اتھ
برعکس بلاوِ ہے تس پرافری پیٹر ووچ فوراً اندر...... ووٗنی ہیٚکہِ معمولی عقلمندی وول تہٕ اندازٕ
لگٲوِتھ اگرے راتکی تٔمی شیطانن کینٛہہ وُچھمُت آسہِ ہے یا ز وُنمُت آسہِ ہن تہٕ یم سرکأرکی
ہوٗنی پزٲرِ ہنا زھوپہٕ دم کٔرِتھ کہن بجن تام میٛانٛس پورٕنیس؟ نا...... ہرگز نہٕ...... بلکہِ
انٛہن یم راسکولنکافس صُبحٲے بسترٕ منٛزٕ کھکھر کڈِتھ...... لہٰذا چھُ ثابت گژھان تٔمی
پراسرار شخصن یاتہٕ چھُنہٕ جرمن ہُنٛد تحقیقات کرن وألِس دفترس کہنی تہٕ وۄنمُت یا......
یاتہٕ چھُنہٕ تٔمی کہنی تہٕ وُچھمُت...... (گوڈٕ چھُس بہٕ دپان سُہ کتھہٕ وُچھہِ ہے تہٕ؟) یہِ
کینٛژھا راتھ سپُد تہٕ سوٗرے اوس اکھ وہمہٕ...... بیمار دیماغ...... بیمارِلد تصورٕ تہٕ خوفزدٕ
تہٕ ہکڑے مٔتی بدنن کوٚرتس برونٛٹھ کنہِ اکھ فرضی کرٛزنز اکھ کھوٚک استادٕ تہٕ بس۔ اوترٕ راتہٕ
پیٹھہِ بیٚلہ راسکولنکاف بے حد مویوس تہٕ بیقرار اوس آیوتس یِ خیال تہٕ از بدلیو وۄ ہے
خیال مکمل یقینس منٛزٕ زِ سُہ شخص اوس اکھ وہمہٕ۔ ووٗنی اوس سُہ یمن سارنے واقعاتن
پیٹھ غور کران تہٕ پٔنُن پان نوِ آزمایٔشہِ خأطرٕ تیار کران۔ یکدم گوٚ وتس احساس زِ تسُند
سوٗرے بدن چھُ کانپان۔ تس گیہِ واہ وٗستھ زِ یہِ تھرتھرٕ گتھ پیٹھ کھُژ؟ تہٕ یکایک نتیوس زِ
سُہ چھُ دراصل اُمِس قأبل نفرت پرافری لیس کھوژان۔ تسنٛز اُس تس سخ نفرت تہٕ
کھوژان تہٕ اوٚسُس تہٕ شکھ اوٚسُس یو ہے نفرت گژھس نہٕ راز فاش کرناوٕنی۔ تسُند
غوصہٕ اوس تہٕتھس انتہا ہس پیٹھ ووٗنی زِ امہِ سببہٕ گیس تھرتھرٕ یکدم بند۔ تٔمی اوس ارادٕ

کوٚرمُت زِسہ اژِ پرافری لیس نِشہِ بتھس پتھ بے پروأہی تہٕ گوستاخانہٕ جذبات ہتھ۔ دلہٕ أندری اوس قسم کران زِسہ کرِحتی الامکان ژھوپے۔ ضرورتہٕ کھوتہٕ زیادٕ کرِنہٕ کانٛہہ کتھ۔ اطمینانہٕ سان روزِ۔ یُتھ زن پرافری سِنٛز کتھہٕ سکون تہٕ دیانہٕ سان بوزِتہٕ تٔہنٛد بن دلی جذباتن ہُنٛد اندازٕ لگأوتھ ہیکہِ تہٕ یِتِس کالس کرِ پٔتن بیقرار بدن مکمل پأٹھی قوبوٚس منٛز تھاوِنچ کوٚشش۔

امی وِزِ بلو و پرافری پیٹرووچن پنٛنِس دفترس اندر۔

بوزُن اوس تگان امہِ وِزِ اوس پرافری پیٹرووچ کمرس منٛز گُنے زوٗن...... کمرٕ اوس نہٕ تیوٗت بوٚڈ تہٕ نہٕ تیوٗت لوکُٹ...... دیوارس ستی لگِتھ صوفس بڑ ونٛٹھہٕ کنہٕ یتھ ڈٔنزِ دار غلاف أس اوس لکھنہٕ باپتھ اکھ زیوٗٹھ میز...... أکِس کوٗنس منٛزٕ أس کتابہٕ المأری...... کینٛہہ کرسیہِ آسہٕ کُنہِ ترتیبہٕ ورأے ہُپأری یپأری زن أدرکھٕج تھأوِتھ۔ باسان اوس یمن پتھ بہتھ أسی متی نفر چھِ وُنی وِنی درائتی...... میزس، کرسی ین تہٕ کتابہِ المارِ ہُنٛد نوٚ وروغن اوس نپہٕ نپہٕ کران...... چونکہ فرنیچر اوس سرکارن بناوِنووِمُت لہٰذا اوس وُسی پایہِ لکرِ ہُنٛد...... لبہ سیٚدِ سیوٚ داوس دروازٕ مگراوس بند...... امہِ دروازٕ پتہٕ کٔنی أسی یقیناً بیٚیہ کمرٕ...... رَاسکولنکاف ییمہِ ساعتہٕ کمرس منٛز ژاو پرافری پیٹرووچ اوس تمہ وِزِ أتھی دروازس نکھے استادٕ...... یہِ اژ وُنے کوٚر پرافری پیٹرووچن ہنابڑ ونٛٹھ کُن پکِتھ یہِ دروازٕ بندتہٕ ووٚنی اوس رَاسکولنکاف تٔمِس نِشہِ کنٛے زوٗن یِسِنٛزتس سخ نفرت أس...... پرافری پیٹرووچن کوٚر أمِس اسہٕ وُنہٕ ہونٛچہِ استقبال...... گوڈٕ گوٚو رَاسکولنکاف ششدر ہیوٗ پرافری پیٹرووچنی یہِ خوش خولقی تہٕ بشاشت وُچھِتھ مگر کینٛژھ منٹہٕ پتہٕ ییلہِ سُہ کم کاسہٕ سنٛبلیو وٕتٔمی وُچھ پرافری پیٹرووچنی اکھ کتھ أس محض ہاوباو تہٕ مصنوعی تہٕ سُہ اوس رژھا پریشان تہِ زنتہٕ کانٛہہ خلافِ توقع کتھ سپزٕ ہِژھے زنتہٕ رَاسکولنکافن سُہ کُنہٕ پُراسرار کامہِ ہِنٛز تیأری کران موقعس پتھے روٹ۔

''آہا.....میانہِ ٹاٹھہِ یارٕ.....اُخرس پیٹھ ووتکھ ژٕ.....سائنس یتھ دُنیاہس منز'' پرافری پیٹرووچن وون رَاسکولنکافس کُن دوشوے اتھہٕ پلناوِتھ اسان اسان.....''بھیٔ یارٕ میانہِ بہٕو.....یا ژےٚ ما چھی نہٕ ''یار'' عزیز دوست پسند.....امہِ بے تکلفی خاطرٕ چھُسے معافی منگان.....ولہٕ یور کُن بِہہ یتھ صوفس پیٹھ.....

رَاسکولنکاف بیوٚٹھ صوفس پیٹھ.....سُہ اوس پرافری پیٹرووچس بُتھِس کُن مُدے گنڈِتھ وُچھان۔

پُلسہٕ والین ہِندِس دنیاہس منز چھایہے زبان ورتاونہٕ یوان؟ اگرے تہِ چھُ تہٕ بے تکلفی خاطرٕ کیازِ منجن معافی تیلہِ؟ اَمی ہے دوشوے اتھہٕ مےٚ کُن پلناے مگر فورأنین واپس تہٕ کیازِ.....ذلیل کیا سنا چھے.....پرافری کیازِ چھُ یوٚتاہ گابریومُت؟ رَاسکولنکاف اوس سونچان تہٕ خدشاتن ہِندی سہلابن کوٚرُسہ پریشان.....دوشوے اُسی اکھاُکس شکچہٕ نظرٕ وُچھان مگر یتھے دوشوٕنی ہنز نظرٕ رلے یہٕ دوشوے وُچھ گرٕنہ پھرِتھ بێیس طرفس کُن۔

''مےٚ انیوسُہ درخواست.....تتھ گرِ متلق.....یہِ وُچھتن اگرے ٹھیک آسہِ نہٕ تیلہِ لیکھن دُبارٕ'' رَاسکولنکافن ووٚننس۔

''درخواست؟.....اوٚہ.....اچھا اچھا.....گابرمو کینْہہ.....ٹھیک چھُ'' پرافری ووٚتھس تہٕ رَاسکولنکافنہٕ اتھہٕ منزٕ کاغذ نِتھ تژاوِن اتھ سرسری نظرا.....ٹھیک.....ٹھیک چھُ.....امہِ کھوتہٕ زیادٕ لیکھنچ چھنہٕ ضرورت'' دِتی ووٚنُس تمی اعلان کرِتھ تہٕ کاغذ تھوٗن بےٚ پرواٗیی سان میزس پیٹھ۔

منٹا گژھتھ ییلہٕ تم کتھ تام غارا اہم معاملس پیٹھ کتھ اُسی کران ٹُل تمی کاغذ تہٕ تھوٗن فایلہِ منز۔

''شاید ونیوتھ ژےٚ یوٗراتھ.....تمِس قتل کرنہٕ آمژِ بُجہ ستی میانین تعلقاتن

نبسبتھ اَسی ژٕ ے کینہہ سوال پرٛژھنۍ مےٚ'' رَاسکولنکا فن ہیوٚت کلامہٕ کرُن پوٚزیہِ سوٗنچتھ گوٚو یکدم پریشان زِ ''شاید'' لفظ کیاز زِ کوٚرُم استعمال۔

''کیاہ بہٕ چھُسا یوٗتاہ گابر یومُت تہٕ یوٗتاہ کھوٗژتھ زِ ''شاید'' ورنٛچ پییم ضرورت تس لٔج نہٕ یہِ احساس وۄتلنس تأرتہٕ زِ پرافری نہٕ نزدیکی ،کٔنی چھُ سُہ سخ خوفزِد......

خأریوٚ تام تہٕ رٕو دسورٕ ے ٹھیکے مگر پرافری ہٕنٛدِ دٕسی کینٛژن الفاظن ہٕنٛدِ ورتاوٕ ،کٔنی یمن رَاسکولنکافنہِ اندازٕ مطأبق وسیع تہٕ گہرٕ مانہِ پوشیدٕ اَسی تہٕ تِہنٛدِ مانیٰ خأز وُٹھہٕ کُمجارٕ سببہٕ اوس رَاسکولنکاف زیادے وبسر یومُت......پھرٛ ہٹھ اوسُس زِسہ گوٚ ژھنہٕ بےٚ حیأ لی اندر کانٛہہ یژھ ترٛژھ حرکت کرُن ییمہِ سٟتۍ سورُے نوٚن گژھہِ......بدن اوسُس ہکر یومُت بیقرأ ری یوسہٕ گوڈے انتہاہس پٔٹھ اَس ہُر ییس ییٖہ ہن۔

''یہِ اوس خطرناک تہٕ نوزُک صورتحال......بہٕ کرٕ ییٖہ خبر کیاہ بیوقوفانہٕ کلامہٕ......مےٚ پزن یتہٕ تتہٕ حبس بحال تھاوٕنی''۔

''آ......آ......اِدٕ بانٛبرٕ کیا چھےٚ......ترٛژ تعجلی چھنہٕ کینٛہہ'' پرافری پیٹرووچن وۄنُس کمرس منٛز زنتہٕ بیقرأری اندر چہل قدمی کران کران......میزٕ پٔٹھہٕ دارِ تام تہٕ پتہٕ دارِ پٔٹھہٕ کتابن ہٕنٛزِ المارِ تام اوس یتھہٕ پأٹھی گوٚبٕ گوٚبٕ قدم تُلان ییمہٕ ،کٔنی باسان اوس زِ سونچان چھُ تس کیاہ پزٕ کرُن......سُہ اوس رَاسکولنکاف نہٕ مشکوک نظرو نشہِ لوٚب روزٕنچ کوٗشش کران تہٕ أتھی اندر اوس رَاسکولنکافس بڑ وٕنہہ کنہِ استادٕ رٕو زِتھ مُدے گٔنڈِتھ تس ژرژان......کلہٕ گلناوان تہٕ ییٖہ میزٕ پٔٹھہٕ دارِ تہٕ دارِ پٔٹھ المارِ کُن قدم ترٛاوان۔

اتھ لوکٹِس کمرس اندر اورٕ یور قدم تلنس دوران اوس ژھوٹہٕ قدٕ پرافری سٹھاہے عجیب باسان......زنتہٕ اکھ بال اَس وۄلہٕ گٔتنۍ کھیٚوان یوسہٕ لبہٕ سٟتۍ چھاونہٕ یتھ واپس یِوان اَس۔

''سوال ہا...... ہنہ؟...... ہنہ...... م...... ٹھیک چھُ مگر امہِ باپتھ چھُ وُنہٕ واریاہ وَکھ...... اسہِ کیٚاہ جلدی چھےٚ؟ سگریٹ چٕھکھٕہ؟'' پرافری ین کوٚر پئنٕس اُمس عجیب آیہِ کِس ملاقاتُس تیٚمی ہِنٛدِ ینہٕ سٕہ پانہٕ تہٕ گابریومُت ہیوٚ اوس سگریٹ پیش ''یہ کمرٕ چھُ واریاہ لوٗکُٹ! چھُنا؟ میون اصلی کمرٕ چھُ ہُپاٗرِ سرکاٗری کواٹرس منٛز...... تتہ چھُ ازکل مرمت سپدان لہٰذا چھُس تامتھ یتھ کمرس منٛز آمُت...... اکھ زٕ دوہ لگن تتہ مرمت مکمل سپدنس تہٕ یہ گژھہٕ تۄرۍ واپس...... یارٕ میانہِ یم سرکاٗری کواٹر چھِ بڈٕ شاندار آسان...... کژاے وِراے نہٕ کَھنٛز تہٕ بھُن لایکھ فرش فروش کِرتھ کمرٕ...... ژٕ ے ونتہٕ شاندار چھا کنہٕ نہٕ؟''

''ہا...... سبٹھاہ شاندار'' رَاسکولنکافن تژ اوٚ پرافری پیٹرووچس کُن نظر یتھ منٛز طنزک تیر اوس۔

''شاندار...... بالکل شاندار'' پرافری پیٹرووچ اوس بار بار یم الفاظ پھِران زنتہٕ خوش اُسس گژھان...... یم چھِ پزنہٕ پاٹھۍ واریاہ شاندار''۔

پرافری پیٹرووچ اوس تعجبہٕ سان پئنٕس ملاقاتُس وُچھان یسٕنٛزن نظرن اندر کیٚاہتام سرٕ ڈون مانہٕ گُپتھ اوس یُس رَاسکولنکاف بِجتھ ہیوٚ کنہٕ البتہٕ یہ محسوس کرنس لٕج نہٕ تس تاٗر زِ پرافری پیٹرووچنہِ سنجیدگی مقابلہٕ گورنمنٹ کواٹرن نسبتھ ''شاندار'' لفظُک تکرار چھُ غاٗر موزون تہٕ بناوٹی...... پرافری سُنٛد یہ بےفکر اُسُن چھُ محض سطحی تہٕ یہ چھُنہٕ اُہنٛزن چشمن منٛز تہٕ شخصیژ ہنٛزِ سنجیدگی نِشہِ پریڈن واجنہِ سنجیدگی ہتی ہشر تھاوان۔

رَاسکولنکافس کھوٚت یکدم شرارت...... شرارتہٕ کنہِ امہِ نارٕ رلے یہ اُہنٛز ساٗری دوٗراندیشی سوٗر گوٚھتھ خاکس تہٕ پرافری پیٹرووچس طنزیہ تہٕ سراسر دوٗراندیشانہٕ چیلینج کرنہٕ بغاٗر روٗدنہٕ کینٛہہ۔

''مےٚ چھُ فکرِ تران'' بڈٕ گُستاخانہٕ نظرو پرافری پیٹرووچس کُن وُچھتھ تہٕ پننہِ امہِ گستاخی ہُنٛد حظ تُلتھ ووٚن رَاسکولنکافن ''مےٚ چھُ بوزُن تگان تحقیقات کرن والین

افسرن ہُنٛد چھُ یہِ اصول زِ ابتدا ہس منٛز چھِ پنٛنِس شکارس خطہ کڈان میون مطلب چھُ گوڈٕ چھس غاٗر ضروری تہٕ موضوع ڈٔلتھ سوالات پرٛژھان تہٕ ییلہِ سُہ شکار یہنٛدٕ ژٕ ویہ ستی مطمین چھُ گژھان تہٕ پنٛنیٖ ساٗری احتیاطی تدبیر مشران چھُ پتہٕ چھُ تفتیش یا جرح کرن وول اچانک تیٚتھ داولگاوان زِ شکار چھُ بے بس گژھان...... ون......ٹھیک چھُنا ونان؟ میانہِ خیالہِ چھُ یہِ گرنہٕ آمُت تہٕ کھرِ اصول پرٛ ہتھ قونونی کتابہِ منٛز نہایت تفصیلہٕ سان داٗ ئیرنہٕ آمُت۔"

"ہنہ......اوٗ ہ......گوٚ ویہِ چھےٚ کتھ......یہِ اوس نہٕ مےٚ وہمہِ گمانس منٛز تہٕ زِ ژٕ آسکھ یوٗ تاہ شکی......مےٚ کوٚر گورنمنٹ کواٹرن ہنٛدِ شاندار آسنک بار بار ذکر تہٕ ژےٚ سمجتھ پرٛ ی زِ بہٕ چھُستھ ژٕ چاۍنی ونہٕ بالوٗ ٹھو پھرناوتھ یا خطہِ کڈتھ پتہٕ پھساوُن یژھان؟ تہٕ پرافری پیٹر ووچن گراۓھی ستی اُمس دولہٕ نظرتر اوتھ اچھ ناٹاہ تہٕ۔

یکایک بدلے یہ اہنٛدِ بتھچ ہیٚت تہٕ لوٚگ گاہ ژھٹنہِ یُس خوش طبعی تہٕ مکاٗری ہنٛدِ مِلہِ مشہِ اوس......ڈیکچہ سرٛنہِ گینہِ گیس ہنگہِ منگہٕ غاۓب......بمہٕ آیہِ چارنہٕ تہٕ واژ اکھا کسِ نزدیک......نچہِ زوتونہِ اچھ وژھہِ ٹینگنو ہیوٚ رٕ ہ خوپتی لوسہِ ونہِ آفتاپکی پاٹھی یون تہٕ گج ہِو آسہٕ دراوٹھاہ ٹھاہ کرُون اسن کھنٛگالہٕ......سُہ روٗ دزورٕ زورٕ اسان یوٚ تام زِ تہنٛدِس موٗ ٹس تہٕ ٹھنگنہٕ بدنس تھرٕ تھرٕ وٗ ژھ......رٔ اسکولنکاف تہِ لوٚگ وانٛجہ پل ڈکھہِ تھاوتھ لتس ستی اسنہٕ......یتھے پرافری پیٹر ووچن پنُن ملاقاتی اسان وُچھ تو ہنٛد کھنٛگالہٕ تیز یو۔تھہٕ گنیٖ اوٗ برس تہٕ وُزملن منٛز گگرایہِ تیزان چھےٚ سُہ روٗ دواریا ہس کالس اسان۔ییمہِ ستی تو ہنٛد بُتھ برابر ییتھے گنیٖ ووزلیو۔یتھہٕ گنیٖ مُسلہٕ ٹلتھ ماز ووزُل باسان چھُ ......اچانک پاٹھی آیہِ رٔ اسکولنکافس نفرت ووتلتھ یوسہٕ پیٚژاہ شدید اُس زِ لس روٗ دنہٕ پنُن انجام ژیتیے......سُہ روٗ دنفرت چھو نظرو پرافری پیٹر ووچس تو تام وُچھان یوٚ تام سُہ اسان روٗ د......پرافری پیٹر ووچ روٗ دکمہٕ تام خاص مقصد عمداً اسن کھنٛگالہٕ زیٹھر اوان

......بظأہر أسی تم دۄشوے لاتولقی تہٕ لاپروأہی ہُنٛد ثبوت دِوان...... پرافری پیٹرووچ اوس بظأہر پننِس ملاقأتس پیٹھ اسان یسنٛدِ غوصُک تس کانٛہہ پرواہ اوس نہٕ......یہ کتھ زِ پننِس ملاقأتی ہِنٛدِ شرارتُک چھُنہٕ تس کانٛہہ پرواہ باسیے یہ راسکولنکافس سبٹھاہ مانہِ سأو......تس تۄ رفکر پرافری پیٹرووچس چھِنہٕ تھٕنٛز برہمی ہتی ڈٲٹس رپھزی گژھان ییلہِ زن اتھ برخلاف رَاسکولنکافن یہِ زن سُہ محسوس کران اوس، پرافری پیٹرووچ سُنٛدِس وہراونہٕ آمتِس زالس منٛز پھسیو وتہٕ یہِ سأرٕے کاروأیی أس سۄنٛچتھ سمجھتھ مقصدس تحت کرنہٕ آمژٕ یُس مقصد وارِیاہ کۄشش کرنہٕ باوجود تہِ رَاسکولنکاف زأنِتھ ہیوٚ کنہٕ۔ تس تۄگ بوزُن یہِ سورٕے پلاٹ اوس گوڈٕے گرنہٕ آمُت تہٕ شاید......چھُ وونی سُہ ضرب تیار یمیُک وتراوُن تس خأطرٕ سہل چھُنہ۔ رَاسکولنکاف گۄ واکہِ أخری ارادٕ یاشاہ گرِتھ استادٕ تہٕ تُجن ٹۄپٕ اتھس کیتھ۔

''پرافری پیٹرووِچ!'' رَاسکولنکافن وۄن بظأہر سبٹھہے سکونہٕ سان حالانکہ أندٕ ری۔کنی اوس سبٹھاہ بیقرار تہٕ طیشہِ ہۄت......''یۄ راتھ وَنیوتھ ژٕ بہٕ چھُسے ژٕ دفترس پیٹھ ہتھی کینٛہہ ''سوالات'' پرٛژھُن یژھان۔ لفظ ''سوالات'' کۄ ڈُتمٕی خاص پأٹھی زور دِتھ زنیٚو...... ''خأر بہٕ آیوس اوے......اگرٕ کینٛہہ پرٛژھُن چھُے تہٕ پرٛژھ ورنہٕ دِمیٚے اجازت......مےٚ چھُنہٕ یۄت فضول وکھ......مےٚ چھُ تس شخصس جنازٕ پرنہٕ گژھُن یُس بگہِ تل گژھِتھ مۄدتہٕ......یس متعلق ژٕ پانس خبر چھےٚ'' رَاسکولنکافس کھۄت پننین أخری الفاظن پیٹھ پانس تہٕ شرارت زِیہِ اضافہٕ کیاز کۄرٕتھ کتھِ......

''امہِ احمقأزی۔کنی آس بہٕ تنگ......بۄ زتھہِ......عأجزی آس نہٕ امہِ بیوقوفانہٕ معاملہِ ۔کنی گوس بہٕ بیمار......موخصروٕنے......'' تس گۄ واحساس پننہِ بیمارِ ہُنٛد ذکر اوس بےتوقع بےمحل......''تقریباً وۄننس کرٛکھ دِتھ......''موخصر اگرٕ ژٕ کینٛہہ پرٛژھُن چھُے تہٕ پرٛژھ ورنہٕ دِمےٚ معأفی......اگرٕ جرح کرُن چھُے بہٕ یژھہٕ تیٚلہٕ گژھہِ قونونی تہٕ

مناسب طریقہٕ سپدُن......اگرے ژےٚ اتھ سلسلس منٛز پنٕنۍ ہشیاری آزماوٕنی ہیٚژتھ مےٚ گرٛشھنے نہٕ یمہٕ پنٛزی ووٚڈہٕ برداشت......یہِ کتھ تھاو ژٕ تٔس پرافری پیٹروِچ بہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ نیچ یا بیوقوف انسان زِ ژٕ کرکھ مےٚ پٕتھ مکارن ہٕندی پاٹھۍ حملہٕ کرنٕچ کوٗشش......مےٚ یہِ کینٛژھا پرٛژھُن چھُے پرٛ ژٕنس منٛز موٗپرٛ ژھ......بیشک ہکٕکھ مےٚ متعلق اصولہٕ تہٕ قونونہٕ مطابق تحقیقات کٔرِتھ پوٗز بدل بدل حربہٕ کرےٚ نہٕ بہٕ برداشت نہٕ دِمے امیُک اجازت......مےٚ چھُنہٕ باسان وُنی کہنس چھےٚ اسہِ ایکھاکِس نشہِ کانٛہہ کأم......خأر خدا حافظ"۔

"افوٗ......توبا خدایا......ہے یہِ کیٛاہ چھُکھ ژٕ ونان......بہٕ کیٛا جرح کرےٚ ژےٚ ......تلساژٕ ے ون بہٕ کیٛا پرٛژھے ژےٚ"...... پرافری پیٹروِچس بدلیوو ونُنک انداز ے زنتہٕ ہٹہِ کوٗ کرکرٕ ت کھسان اوُسس......تو ہنٛد اسن کھنٛگالہٕ گوٚ و یکدم بند تہٕ تہٕ گٔنٛز زنتہٕ حلقس منٛز تیر بند گوس" ہے میانہِ یارا! خدایہِ سُند سوال چھُے......وولہٕ دولہٕ الزام دِتھ موسا کرنا حق پنُن پان پریشان" کمرس منٛز پیچتأبی اندر ووٚتہٕ ہشہِ تُلِتھ تہٕ رَاسکولنِکاف جبراً صوفس پٕتھ بہناوِتھ ووٗن تٔمۍ ......"پیٛژاہ باثبر کیٛا چھےٚ؟ ہنہ؟ تہٕ سہ سوٗرے......سہ سوٗرے چھُ بالکل بکواس یہِ شک کران چھُکھ......بہٕ گوس شاد زِ مےٚ پٕتھ اعتبار کٔرِتھ آکھ ژٕ مےٚ سمکھنہِ......بہٕ چھُستھ ژٕ پنُن یزتہٕ وول پوٗژھ تہٕ دوست گٔنٛزرِان......ووٚنی روٗ دمیون اسن کھنٛگالہٕ......لعنت تتھ......تمہِ خأطرٕ چھُسے بہٕ معأفی منگان......روٗڈی یی چھُے ناژےٚ گرٛیُک ناو؟ دراصل چھُس بہٕ حساس طبیعت تہٕ چانٕہو مذاقو کوٚ رمیانٕہن رُمن رُمن کِتہٕ کِتہٕ تیمہِ کٔنۍ بہٕ پنُن اُسن رُکاوِتھ ہیوٚ کُس نہٕ......پرٛژھ گٔری زِ روٗڈی بعضے چھُس بہٕ اُڈِس گنٛٹس تام اسان تہٕ ربربالہٕ ہٕندی پاٹھۍ چھُس ووٗرٕ ووٗرٕ ووتھان......حقیقت چھےٚ یہِ زِ مےٚ اندر چھُ ظرافتُک مادٕ زیادے پہن یوٗ تاہ زیادٕ زِ باضے چھُ خوف گرٛ ھان فالج گژھم گژھنۍ ہیٚہہ میانہِ یارٕ بیٚہہ......تہٕ باسہِ

مےٚ ژٕ چھُکھ مے وُنہِ تہِ ناراض'' رَاسکولِنکافن ووٚنُس نہٕ درجواب کیٛژھہ ......سُہ اوس پرافرِی پیٹروِچس تھلہِ تھلہِ وُچھِتھ تٔہنٛز زیٚوِ نیرن وول اکھا اکھ لفظ غورٕ سان بوزان...... تس اوس نہٕ وُنہِ تہِ شرارت ہمان...... پتھرتہِ بیٚوٹھ سُہ مگرٹوٗپ تھأوِن اتھس منٛز۔

یہٕ چھُس پانس نسبتھ اکھ اہم کتھ وٕنٕنۍ ضروری زانان۔ییٚمہِ پتہٕ میٲنہِ خیالہٕ ژٕ مےٚ سمجِتھ ہیٚککھ'' پرافری پیٹروِچن کٔر بیٚیہِ کمرس اندراورٕ یورقدم ترٛاوان تہٕ پننِس ملاقتی سٕنٛز نظرٕ نظر انداز کٔرِتھ کتھ شروع'' یہٕ چھُس اکھ معمولی، گمنام انہوٚ رنفرانہ چھُ مےٚ پانس أنٛدی پکٕی لسن بسن والین سٕتی رٔلِتھ میلِتھ روزنُک عادتھ تہٕ نہ چھُ تِمنٕے میون کانٛہہ تعارف......موخصر غرض یہٕ چھُس نہٕ سُہ نفرایس دُنیہکی لۄکھ دنیا دارونن......مےٚ چھُ ووٕنۍ مستقبل ختم گومُت ۔مےٚ چھےٚ نہٕ ووٕنۍ خأہشی کانٛہہ ،نہ ہیکہِ زندگی مےٚ امہِ ہُریمانہٕ کیٛژھہ دِتھے......ووٕنۍ چھُس یہٕ درأنٹھیومُت......سرٕ ڈھکیومُت تہٕ پوٗش یامیوٚدِنس لایکھ چھُس نہٕ روٗدمُت......میٲنہِ یاوٕنکی دوہہ سورے تہٕ بجرہیوٚتُن یُن......بہارسۄرِتھ ہیوٚتُن ہردواتُن......ژےٚ چھُتھٕ سارو ڈیاراما نووچ زانہہ ییتھ کتھہِ پیٹھ غور کوٚرمُت زِ سأنِس شہرس منٛز ییٚلہِ زٕ شخص ییٚم ذہین آسن تہٕ تعلیم یافتہٕ تہِ......مثلن چأنۍ تہٕ میٲنۍ پأٹھی......اما اکھ أکی سٕنٛز وأقفیت چھکھ نہٕ آسان تِمن چھُنہٕ کم کھوتہٕ کم أڈِس گنٹس کتھ باتھہِ ہُنٛد موضوع آسانٕے؟ چنانچہ چھِ تِم أڈِس گنٹس کتھہِ ہُنٛد پن تلاش کران ییتھ دۄران تِم بیقرار روزان چھِ......اتھ مقابلہٕ چھِ زنانن تہٕ بڈٕبن موہنوبن نِشہِ کتھہِ باتھہِ ہِنٛدی بسیار موضوع آسان......یوٚ زچأنۍ میٲنۍ پأٹھی متوسط طبقس سٕتی تعلق تھاون وألی مگر ہشیار تہٕ ذی فہم لۄکھ چھِ ژھوٚپٕی تہٕ منٛد چھِہ بتھی آسان...... خبر یہِ کیٛا؟ شاید اوٕ کِنۍ زِ اسہِ چھُنہٕ عام مسلن سٕتی دلچسپی آسان......یا چھِ أسی تیتیاہ ایماندار تہٕ مخلص زِ اکھ أکِس چھِنہٕ دوکھہٕ دیُن یژھان؟ مےٚ چھُنہٕ مولوم پزر کیٛاہ چھُ؟ وجہ کیٛاہ تہِ أسی تن بہر حال چھِ اسہِ ہوی لۄکھ کم گوٚوتہٕ منٛد چھِہ بتھی آسان......ژےٚ کیٛاہ چھےٚ

باسان؟ چأنۍ رائے کیٛاہ چھےٚ؟ تلسا ٹوٗپۍ تھاو پتھرٕ تہٕ سیوٚد بہہ اطمینانہٕ سان۔ یتھہٕ پأٹھۍ چھُے مےٚ سوٚکھ راوان ...... اڑٕ ڈٔندرِ بیٛہنہٕ سٟتۍ چھُ باسان ژٕ ژلکھ وُنۍ ......میون تہٕ سونچ......بہٕ کوتاہ خوش چھُس ......''۔

رَاسکولِنکافن تھأو ٹوٗپۍ پتھرٕ تہٕ بیوٗٹھ ژھوپہٕ دم گٔرِتھ پرافری پیٹرووِچنہٕ بیکارٕ تہٕ مبہم کتھہٕ بوزنہٕ ......آ......شرارتہٕ سٟتۍ آسس وُنتہِ بتھٕس نارٕ بڑٕ بہہ ووتھان...... ''کیٛاہ چھاپزۍ بےٚ فأیدٕ کتھو سٟتۍ میون دیان ڈالُن یژھان'' سُہ لوٚگ سونچنہِ۔

''مےٚ ہسادِی زِیارامعأفی......بہٕ ہکتھ نہٕ ییتہِ کافی وغأرٕ چأوِتھ تہِ کیٛازِ یہِ چھُ سرکأرۍ دفتر......پوٚز اَکِس دوستس سٟتۍ کینٛہہ خوشگوار ژٕہ گُذارنس منٛز کیٛاہ حرٕج چھُ'' پرافری پیٹرووِچن ووٚنُس اکی پژاڑِ ''مہربأنی گٔرِتھ ینہٕ میٛانہِ اورٕ یور قدم تُلنہٕ تژاونہٕ سٟتۍ دِلس لگی......یہِ چھُے مےٚ عادتھ......یہِ چھےٚ اکہِ قسمچ ورزِش......اچھا ورزش چھُے ژےٚ پانس مولوم سوٗ کُنہِ تہِ قسمچ أسۍ تن چھےٚ میٛانہِ خأطرٕ سبٹھاہ اہم......دوٚہس یہۍ یہۍ چھُس تھکان تہٕ پتہٕ چھُس کمرس منٛز اورٕ یور کران......واریاہ کال ووٚتُم یژھان کُنہِ جِم کلبک ممبر بنہٕ مگر کتہِ! دپان تتہِ چھِ تمام بڈۍ بڈۍ افسر حتیٰ کہِ کونسلر تام کرتب بأزۍ ہاوان......یم چھِ جدید تہذیبکۍ عجوبہٕ......ووٚنۍ رُوٗد میٛانہِ دفترُک معمول یعنی یوٚہے تحقیق تفتیش تہٕ جرح کرٕنۍ بیترِ......وِنی اوسُکھنا ژٕ تحقیقات تہٕ جرح کرٕنچ کتھ کران......پوٚز ہے بوزکھ واریاہہِ پھِرِ چھےٚ خود جرح کرن وألۍ سٟنٛز حالت مجرمس کھوتہٕ بدتر آسان......وِنۍ وِنۍ ووٚنُتھ ژےٚ پانے بڑٕ دلچسپ اندازس منٛز (رَاسکولِنکافن) اوسنہٕ کھہنۍ ووٚنمُت جناب عالی اکے کتھ چھےٚ وِزِ وِزِ پھِرٕنۍ پیوان......مصیبت......انسان چھُ تنگ یِوان...... ملکس منٛز کتیٛاہ اصلاحات چھِ کرنہٕ یِوان حالانکہ غولأمی ہُنٛد چارٕ تہٕ آو کرنہٕ مگر کأنٛسہِ خدایہِ سٟندِس ٹأٹھس چھُنہٕ سانہِ محکمہٕ باپتھ اصلاحات کرنُک خیال یِوان......وُنہ چھُ [illegible] قایم گٔرِتھ اصولن پیٹھے کاٲم سپدان......

ہتویارو کہنۍ نے تہٕ تو تہٕ کرو ییمہٕ کُس ناوسے اصلاح ییمہٕ ستۍ اسہٕ لۄکھ یاد چھہٕ کران
...... تہٕ کھوژان چھہٕ ...... ہاہاہا...... وونۍ رۄد چانہٕ ونہٕ مطابق بالوٹھو پھرناوِتھ انگ
اصول یہ چھُس اتبتھ ژےٚ ستۍ اتفاق کران ...... پزٕ بتھ شخص ستۍ چھُ جرح کرنہٕ
یوان پتہٕ کونہٕ آسہٕ سُہ تیز مزاج تہٕ جاہل کاشتکار ے ...... تس چھہٕ گوڈٕ واقعے موضوع نشہٕ
ڈٲلتھ تہٕ معمولی قسمچہٕ کتھہٕ پرژھنہٕ یوان تہٕ بقول چانہٕ چھُ سُہ پزٕ بتھ حسابہٕ مطمین تہٕ بےٚ
پرواہ کرنہٕ یوان تہٕ أخرس چھُس فوری ضرب لاینہٕ یوان ییمیُک ژےٚ پانے ذکر
کۆرتھ ...... سُہ چھُ ٹنگہٕ ڈٲلتھ یکدم سوکتھ نوان وٕنتھ یوسہٕ أسۍ مولوم کرنۍ یژھان چھہٕ
...... ہی ہی ہی ...... واقعے چھُکھ دلچسپ انسان ...... خاٗرتہٕ اویہ کتھ ...... مگر میانہٕ یارٕ
...... کتھہٕ منز چھےٚ پزۍ کتھ نیران ...... ژےٚ کریوتھ ناکینژن قونونی اصولن تہٕ ضاۓ بطن
ہُند ذکر ...... یہ ونے بعضے چھُنہٕ اصولن تہٕ ضاۓ بطن ہُند حاجتھے پیوان تِکیاز دوستانہٕ
لأگتھ کتھ باتھ کرنہٕ ستۍ چھےٚ تیژٕ کتھہٕ ننان زِ اصولن تہٕ ضاۓ بطن ہُند چھُنہٕ ضرورت
پیوانے ...... جرح کرن وول ہیکون نہٕ قدمس قدمس پتھ اصولن تأبیاہ روزنس پتھ
مجبور کٔرتھ ییہٕ گژھہٕ نہٕ سُہ مجبور تہٕ کرُن کیاز تحقیق تہٕ تفتیش کرُن تہٕ چھُ فن ...... شاعرن
چھُ شاعری ہُند گلہٕ میۆٹھ خدایہٕ سندِ طرفہٕ میلان تہٕ تفتیش تہٕ تحقیق کرن والین تہٕ چھُ یہ
فن خدایہٕ سنزٕ ی عطائی آسان ...... تم تہٕ چھہٕ ادیبن شاعرن تہٕ مصورن ہندی پاٹھی
فنکاری آسان ...... ہی ہی ہی۔

پرافری ین کۆڈ دم سنبالنہٕ خاطرٕ تھکھ ...... تو ہند یہ سورے کلامہٕ اوس ہٹہٕ
لٹہٕ رۄس، یاوگوی البتہٕ کینہہ الفاظ ژلس زنتہٕ ژٕ رنیرٕ تھ ییم راسکولنکافس واریاہ مانہٕ
سأوی باسے وونۍ گوییم مانہٕ سأوی لفاظ زیوِ کڈنہٕ پتہٕ اوس پرافری اۄرٕ نہٕ یۄرٕ کتھہٕ
کران ...... پننس کمرس منز قدم رنجی کرنہٕ بدلہٕ اوس وونۍ سُہ یۄ زٕ ی تو دور ٹلان ......
ییمہٕ ساعتہٕ سُہ وِنۍ بیان کرنہٕ آمژٕ کتھہٕ مأنۍ تو تقریر کران اوس تتھ دوران تھاوبن نظرٕ

فرشس پیٹھ ......ڈٕچھِن ژٕرتھاؤن کمبرس پیٹھ تہٕ کھوٗراتھ اوس الفاظن پیٹھ زوردنہٕ تہٕ اثر دار بناونہٕ باپتھ لگاتار پاٗٹھی تلان تژ اوان تہٕ گلہٕ ناوان......کینژن اشارن تہٕ حرکژن اوس نہٕ تہٕند بن الفاظن ستی کانٛہہ ہشر باسان مگر توتہِ اوس سُہ انھہٕ گلناوان......

رَاسکولنکافن کٔر خاص پاٗٹھی اکھ کتھ نوٹ...... پرافری پیٹرووچ ٹھہریو کمرس منز پکنس دوران دوٚیہ لٹہِ بند دروازس نکھہٕ یتھہٕ پاٗٹھی زِ باسان اوس سُہ چھُ کن دِتھ کہنِد تام تیز آواز ژرژان...... ''یہِ چھاسنا کانٛسہِ پژاران؟'' رَاسکولنکاف لوٚگ سوٗنچنہٕ۔

''چون خیال چھُ بالکل دُرست'' پرافری پیٹرووچن کوٚر معصومیتہٕ سان رَاسکولنکافس کُن وُچھِتھ شادمانٛی سان وَنُن شروع......(پرافری پیٹرووچنہٕ امہٕ فوری تبدیلہٕ کوٚر رَاسکولنکاف بیدار تہٕ لوٚگ پننہٕ بچاوٕچ تدبیر سوٗنچنہٕ) ''ژٕ چھُکھ'' سانِہن ''قونونی اصولن'' ٹھٹھہٕ کرنس منز حق بجانٛب سُہ تہِ سیٹھاہ دلچسپ تہٕ قابل تعریف اندازس منز......ہی ہی ہی......میتہٕ چھُنہٕ یتھ کتھہِ انکار زِ اَسی یِم نفسیاتی حربہٕ ورتاوان چھِ تمن منز چھِ واریاہ اسنس لایکھ تہٕ کترٕ ستی کھش کرٕونی......رُدٕ سوال اصولن تہٕ یِمن پیٹھ پابندی ہُند......وُچھ سا......مےٚ تُجۍ بیٚیہ اصولن ہنٛز کتھ......دراصل چھُس بہٕ وَنن یژھان ہرگاہ مےٚ کُنہِ معمولی یالوکٹہِ معاملُک تحقیقات تہٕ تفتیش مٹہِ تھاونہٕ ییہِ تہٕ...... اگرے مےٚ باسہِ کانٛہہ نفر چھُ مجرم بلکہ ونہٕ بہٕ اگرے مےٚ کانٛسہِ پیٹھ شک آسہِ ...... گوڈٕ یژھہٕ ہا بہٕ زانُن روڈی ژٕ چھُکھنا قونونٕچ تعلیم پران؟''

''آ...... پران اوٗسس کرتام''۔

''اچھا بہٕ ونے اکھ مثال یوسہٕ شاید ژےٚ بکار لگی......مگر خدایہ ہنٛدِ خاطرٕ زانٛی زِنہٕ شاید چھُس بہٕ پننٛ پان زیادٕ ہشیار مانٛنتھ ژےٚ سبق دِیُن یژھان......مےٚ چھِ جُرمن تہٕ مجرمن متعلق چانٛی مضمون پٔری ٚتی ......مانتہٕ ژےٚ بڑ وٕنہہ کنہٕ چھُس بہٕ دُنہٕ اُچھرُ ےسُہ شُرٕ لیس پژاژن دوٚد لورٕے چھُ لہٰذا کتہِ ہیکہٕ بہٕ ژےٚ سبق دِنٛچ تہٕ

نصیحت کرٕنچ ہمتھ گرِتھ یہ......گوٚ وکھشرِ پاجامن منٛز کھورتڑ اونس برابر......یہ چھُس

بہٕ تمی آیہِ بیان کران یِتھہٕ کٔنی سمجُمت چھُم......خاٗرفرض کرو اکھ نفر چھُ مجرم تہٕ تٔہندِ مجرم

آسنک چھُ ثبوت تہِ مےٚ نِشہِ مگر یہِ چھا ضروری سُہ بچورتڑ اون بہٕ گوڈے مصیبتس

اندر؟ بیشک چھُ کیٚنژن مخصوص حالاتن منٛز مجرم فوراً گرفتار کرُن مگر حالات تہٕ سُہ مجرم تہِ

ہیٚکہِ مختلف قسمُک آسِتھ......تِتھس صورتس منٛز پزِ نامےٚ تس شہرس منٛز بیٚیہِ کیٚنژن دوہن

پھیرنہٕ تھورنہٕ دیُن؟ ہی ہی ہی......شاید تو رُے نہٕ ژےٚ میون مطلب فکرِ......وولہٕ بہٕ

کرٕ اتھ ہناوبڑ ھنے۔

اگرے مےٚ مجرم فوراً روٗٹ تہٕ قاٗدبوٚ ریتھہٕ کٔنی چھُس بہٕ تس اتھہٕ شہلاوان......

گویا بہٕ بنیوٚس تو ہند کفالت در......ہی ہی ہی......ہے ہے ہے ژےٚ تے اسان چھُکھ؟۔

رَاسکولنکاف اوس نہٕ ہرگز تہِ اسان بلکہ اوسُس نہٕ اسنُک ارادٕ تہِ......سُہ

اوس وُٹھ دندن تل رٔٹِتھ ووزجہ نارٕ اُچھ پرافری پیٹرووچس پتھ نیزِ کی پاٗٹھی چاٗرتھ۔

تاہم چھےٚ یہِ رعایت زِ مجرم تڑ اوون کیٚنژن دوہن یلےٚ مخصوص مجرمن کیٚنژن

مخصوص حالتنٕ منٛز دنہٕ یِوان......ووٚنی ونکھ ژٕ اگرے ثبوت مےٚ نِش چھِ تہٕ رعایت

کیٚاز؟ تہِ چھُ بجا مگر میانہِ برادرٕ ثبوت چھُ اکھ تیٚتھ ملاٗیم چیز اہ یِتھ پننہِ مرضیہ مطاٗبق

ول دِتھ ہیکو حالانکہ مےٚ چھُنہٕ ہرگز تہِ انکار زِ ثبوت چھُ لاٗزمی چیز......آ......ییٚتھ بیٚیہِ

مےٚ یہِ کتھ مانٛنی زِ مےٚ چھےٚ کیٚنہہ کمزوریہِ تہٕ کمزوریہ کس منٛز چھنہٕ آسان؟ پزٕ بتھ انسانس

منٛز چھےٚ کمزوریہِ تہٕ بہٕ تہِ چھُس اکھ انسانٕ......پُشہِ چھُس تحقیق و تفتیش محکمُک افسر تہٕ

بیٚیہِ ونے امہِ خاص طبقٕکی لؤکھ چھِ آسان کمزورین ہنٛز پھُنٛجی تہٕ یمن سارنٕے چھےٚ بڈٕ

کمزوری آسان زِیم چھِ ثبوتن پتھ ناز کران......ووٚنہٕ تُلان مگر میانہِ یارٕ بہٕ چھُس نہٕ

معمولی بیٚیہِ بظاہر کمزور ثبوتن پتھ زٕہنٛی تہِ بروسہٕ کران......مےٚ گژھہِ ثبوت شبقٕ تہٕ صحیح

آسُن یِتھ پتہٕ کانٛہہ اپُز ہیٚکہِ نہٕ ثاٗبت گرِتھ......بہٕ چھُس پننہِ قاٗبلیتہٕ ستی پانے پننٛی

تعریف کرنس پٹھ دِی زبم معافی ثبوتن ہُند سلسلہ تیار کرُن پسند کران......پزٕ بتہ ثبوت
ترتیب وار رزنہٕ اکھ طۄ مار بناوِتھ چھُس پیش کران......دَپ سایمن پٹھ چھنہٕ اعتراضچ
گنجائش روزانے......امہِ پتہٕ ہیکھنہٕ ژٕمیائی پیش کٔرِ مٔتی ثبوت اپزی ثابت کٔرِتھ تتھے
پأٹھی یتہٕ پأٹھی زِ تہٕ زِ گے ژور کانہہ اپز ہیکہِ نہٕ ثأبت کٔرِتھ......وونی زن کریہٕ عجلت
تہٕ مجرم برن قاد (اگرچہ مےٚ آسہِ یقین تہٕ زِیوہے چھُ میون شکار) ظاہر چھُ بہ ہیکہٕ نہٕ
ثبوتن ہُند ناقابلِ تردید سلسلہ تیار کٔرِتھ......وونی پزٕ ژھکھ ژٕ تہٕ کِتھہٕ پأٹھی؟ تتھ چھُ
سیوٚد تہٕ صاف جواب زِ مجرم جیل خانہٕ سۄزِتھ چھُسن بہ سُہ اتھ...... کیاہ ونو......سُہ
بناوان مطمین تہٕ تہٕنٛدِ دلہٕ منز گژھہِ خوف دوٗر۔ جیل اژنہٕ برٛونٹھ یوسہٕ تس حالات آسہِ
ہے یُس اژزٕ نیرزٕ آسہِ ہس سُہ گژھہِ ختم دپہ یتھ یہ گژھُن اوس تہٕ گو......سُہ مجرم
یُس جیل گژھنہٕ برٛونٹھ چھُ بے حد تشویش تہٕ خوفس منز آسان چھُ جیلس منز اطمینان
پراوان تہٕ سکونہٕ سان شونگاہ ترٛاوان کیازِ وونی ما چھُ تس پننہٕ بچاوُک سوال برٛونٹھہٕ کنہٕ
آسانے سُہ چھُ دپان اہنۄ مجرم ہے اوسُس تہٕ پُلسن اونس وونی کڈِتھ......یمنے
ثبوت تہٕ برٛونٹھہٕ کنہِ چھِ...... وونی کیاہ نیرِ پچھتاونہٕ اندر...... پریشان گژھِتھ کیاہ
نیرِ؟ تہٕ جناب عأنی تتھے کٔنی چھلہٕ بہ تہٕ تمہِ نشہِ اتھہٕ یہ بہ یرٛژھان چھُس......یعنی زِ تہٕ زِ
ژور آسنہٕ پأٹھی پکہٕ ثبوت تہٕ واقعاتن ہُند حأرتن ترٛاون وول سلسلہٕ۔ دپان ایلماجنگہٕ
پتہٕ اُسی سیاستی پوٕلکی لُکھ خوفزدہ تہٕ پریشان زِ وونی کیاہ بنہِ دشمن دیہ نہٕ تأر حملہٕ کٔرِتھ سیاستی
پول ہیٚیہٕ فتح کرنس پۆ زیلہِ تموزون زِ حملہٕ کرنہٕ بجایہٕ کۆر تمو سیاستی پولک گیراو تم گے
خوش تہٕ اطمینانہٕ سان ہیوٚتُکھ کأم کار کرُن تکیازِ یتھہٕ کٔنی ہیکہِ ہےنہٕ دشمن دون رتبن تام
تہِ سیاستی پول زِ ہینتھ......سُہ رۄ د قلعہ نیبرِی پھنکان پۆ زلۄ کو بۆرنہٕ والیہ......دون رتبن
تام ما اوسُکھ کانہہ خطرے......آہا......ژٕ ہے ہیٚیہٕ چھُکھ اسان؟ ژٕےٚ چھُیہِ باسان بہ
چھُس اپز ونان؟ وُچھ ساژٕ تہٕ چھُکھ پننہٕ جایہٕ صحیح تکیازِ یم چھِ پزی معمولی قسمکی واقعات

خاص پأٹھۍ یہِ اُخری واقع ...... یۆز میانہِ ٹاٹھہِ روڈیا قونون چھِن کتابن منز اُسی تن لیکھِتھ کیٚا آسہِ یۆز حقیقت چھےٚ زِ جُرم چھُ جُرم ...... آ...... کینہہ جُرم چھِ آسان ییمن نہٕ جرمن ہِندِس تواریخس منز کانٛہہ جوڑ میلان چھُ ژٕے ونتہٕ پتہٕ کتہِ رٕو دُسہ معمولی نوعیتُک ؟ بعضے چھِ سبٹھاہ دلچسپ معاملہٕ بڑ وٕنہہ گٔن یِوان ...... ووٚنی زن کوٚرنہٕ مے مجرم تنگ بلکہِ دِمس باس یاکم سے کم دِلس منز کرس شک پأدٕ زِ یہ چھُس ژٕوٕرپأٹھۍ تس پتھ نظر تھاوِتھ تہٕ تہنز پرٛتھ حرکت چھُس بہٕ ژٕرژان سُہ پیٚیہ دوأنس ...... پرٛتھ وِز روزِ پریشان تہٕ فکرٕ ستۍ گلان ...... رژھہِ پتہٕ رژھہِ گرٛھبس اتھ منز ہُر برسُہ ہیکہِ نہٕ سوٚنچھِتھ کرُن کیٚاہ چھُم بلکہِ بڈبس ذہنی تناوُس تہندِ خأطرٕ ناقابل برداشت بنہِ تہٕ امہِ عجیب قسمکہِ یزاہ نشہِ تھِ تھ ٹلناونہٕ خأطرٕ کرِسہ پانے سرنڈر تہٕ ووٚنی ہرگاہ تہٕ کوٚرُن نہٕ تیلہِ کرِسہ پنہِ پریشأنی تہٕ انتہأیی ...... بے خیأ لی منز ترٛٹھ کانٛہہ حرکت یوسہٕ میانہِ خأطرٕ زِتہٕ زٕگیہِ ژٕور قسمُک شِقہٕ ثبوت بنہِ ...... جاہل تہٕ انپڑھ گریستمن پتھ تہٕ یۆ دوے یہ نُسخہٕ آزماونہٕ پیِیہ کامیاب چھُ روزان مگر ژٕے ہوبن مے ہوبن تعلیم یافتن حساس تہٕ ڈبکہٕ بڈبن لۆکن پتھ چھُنہٕ یہِ ترکیب راس یِوان ...... اِسبہٕ چھُ میانہِ یارٕ کانٛہہ نسخہٕ آزماونہٕ بڑ وٕنہہ لأزمی وُچھن پیوان زِ چون شکار کمہِ قسمُک نفر چھُ تہٕ یہِ دٕری یافت کرِنس چھُنہٕ تأرتہِ لگان ...... امہِ پتہٕ چھِ سأری مرحلہٕ آسأنی سان طے سپدان ...... سأنی پأٹھۍ چھِنا ؟

...... یِنہٕ تم مُشراوِ ہکھ ییم پتھے چھِ اتھ سلسلس منز اہم رول ادا کران ...... مجرم، میون مراد چھُ تعلیم یافتہٕ مجرم ...... سُہ چھُ ہمیشہٕ بدنس اندرٕ وُترٕ بنیٚل محسوس کران ...... رُم رُم چھُکھ پھٕپھرٕ اے کران اوٚ کنی چھِ سبٹھاہ بیقرار آسان ...... شرارت چھُکھ کھسان بلکہِ چھِ پأنی پانس ناراض روزان ...... کتہِ کتہِ پتھ چھُکھ غوصہِ یِوان تہٕ امہِ ستۍ تہٕ چھُ اسہِ فأیدے واتان ...... پھیرِ تن تِتھی مجرم شہرس منز آزأدی سان تمہِ ستۍ چھُنہٕ مے کانٛہہ تشویش لاحق گژھان تہٕ کیٚازِ مےٚ چھُ علم زِ سُہ چھُ زالس منز آمت تہٕ پتہٕ اگرے

سُہ ژلِہ تہٕ کوّت ژلِہ؟ ہی ہی ہی......دَپ ساملکہٕ نبر ژلِہ؟ یہ چھُسے ونان اکھ پولسٹائ ہیکہِ ژٕلِتھ مگر ''سُہ'' ہیکہِ نہٕ ژٕلِتھ......میون تعلیم یافتہٕ مجرم ہیکہِ نہٕ ژٕلِتھ کیازِ ''سُہ'' چھُ میون شکارتہٕ یہ چھُس تس پتھ نظر تھاوِتھ......یتہِ یوت نہٕ بلکہ چھُم زال تہٕ وہراوِتھ تھوومُت......امہِ پتہٕ کوّت گژھہِ؟ملکہٕ کُس کُنہِ پتھ کھورِ علاقس منز گژھہِ مگر جناب......یمن پتھ کھورِ علاقن منز چھِ وُچاپہٕ تہٕ جاہل گژھٕسی روزان......رٲسی گژھٕسی چھِ تند مزاجی تہٕ وُچاپکی منز سارنے سرس یمہٕ کنی سون تعلیم یافتہٕ تہٕ اعلیٰ طبیعتُک مجرم وُچاپہٕ گژھٕسی تمن منز روزنہٕ بجایہِ قادس منزٕ ے روزُن پسند کرِ؟ مگر امہِ تلہٕ گژھہِ نہٕ یہِ مطلب کڈُن زِ سُہ ہیکہِ نہٕ کُنے ژٕلِتھ......ترٛ ہ کتھ چھنہٕ......اگرے یژھہِ کُنہِ دوٗر دراز جنگلی علاقس منز ہیکہِ فرار سپدنہٕ پتہٕ گمنامی ہنٛز زندگی گذارِتھ......دراصل چھِ تٔھندی اعصاب تہٕ توہند نفسیات یم تس ژلنہٕ دِوان چھنہٕ......سیزٕ کتھ چھِ نفسیاتی طور چھُنہٕ سُہ فرار سپدنس قابل آسانے......اگرے تمس ژلنچہٕ وتہٕ ملے تھاوِ وتوتہِ ہیکہٕ نہٕ ژٕلِتھ......اتھ برخلاف چھُ مےٚ أندی أندی گتھ کران یتھہٕ کنی پونپُر شمعس أندی أندی گتھ کران چھُ......تس چھنہٕ آزادی کانْہہ فرحت واتناوان......اچ ساریے کُشش چھس راوان......سُہ چھُ وودأسی تہٕ بیقرار روزان......سُہ چھُ غمہٕ تہٕ فکرِ ستی اڈٕ مور گژھان......باولہٕ گژھہِ تہٕ کاہل روزِ'' یہ چھُس تس ڈیٚبجر ترٛاوان سُہ چھُ زیادٕ بےٚ سوکھ زیادٕ بیمارتہٕ زیادٕ باولہٕ گژھان......نتیجہ چھُ نیران سُہ چھُ میانہِ خاطرٕ زِ تہٕ زٕ گے ژور قسمُک ثبوت پتھ کُن ترٛاوان......سُہ روزِ مےٚ پونپری گتھ کران مےٚ نکھہٕ یوان......نکھہٕ تیوٗت زِ نکھہٕ یتھ پیٚیہٕ یارہیٚ پتھر سیٚوٗ دمیانہٕ کھونہٕ منز......گوشکارولتہٕ میانِس أسس منز تہٕ بڑٕ آسانی تہٕ اطمینانہٕ سان تمن یہ ننگلاوِتھ......کیاہ مزٕ دار تماشہٕ چھُ......ہی ہی ہی......تہٕ کوتاہ آسان......ہاہاہا......ون سایارا......میانین کتھن پتھ چھسے ناپڑھ بیہان''۔

رَاسکولنکافن دیُت نہٕ کانٛہہ جواب......تس اوس رنگٕبے ڈوٗلمُت تہٕ سُہ اوس بدستور پرافری لیس مُدے گنٛڈِتھ وُچھان'''' واقعٕے چھُ بڈٕ دلچسپ اما عبرتناک سبق ......'' سُہ لوٗگ سونچنہِ ......تس گوٚ وٗترن عارقہٕ سرٛان...... ''مگر اوترِ کی پاٹھی چھُنہٕ از براٗرِس تہٕ لگرٕسُنٛد گندن ژھل باسان......أز ژیک بازچھُ بالکل واضح تہٕ صاف......یہِ چھُنہٕ یمہ کتھہٕ مےٚ پنٕھ روعب ترٛاونہٕ موکھہٕ کران بلکہِ چھُ مےٚ اشتعال دِنٛچ کوٗشش کران ......پزٕی چھُ یہِ ژھوٹہٕ گوٗگل ہوٗن ہُشیار تہٕ مکار......فضولس منٛز ماکرِ یتھ بکواس......کتھ تام سوٗنچتھ سمجتھ منصوبس تحت چھُ یمہ کتھہٕ کران ...... ہنہ......یژھان کیٛا چھُ یہِ ......کوٗلل؟ ہتا ہو یارا یہِ ہاپھےٚ بیقلاٗزی ژٕ چھُکھا مےٚ کھوٗژ ناوان......تمہٕ ہا چھے رلیہِ ......ژٕےٚ کُسو ثبوت چھے ......تہٕ سُہ راتک پُر اسرار نفر؟ سُہ اوسے نہٕ کانٛہہ ......تتھ نہ ینٛ تہٕ ووٗنُن! سُہ اوس مےٚ وہمہٕ پیٚیہ نہٕ کینٛہہ ......ہے موٹو ٹاٹھیا......ژٕ چھُکھا مےٚ بانٛبراوُن یژھان......تیٚش دیُن یژھان یُتھ ژٕےٚ زٕ تہٕ زٕ گےٚ ژور قسمُک شبقہٕ ثبوت میلی تہٕ پتہٕ یہِ زن ووٚنتھ......پیمہٕ دڈام گرِتھ......مگر سُہ چھے بوٗل ...... بوٗزتھہٕ یارٕ......میاٗنس معاملس منٛز ہیکہِ نہٕ دڈام سپدِتھ......یپلہِ نہٕ پوٗ یہِ کھیووکھ تیلہِ وٗنی زِ ......مگر چانٛہن اشارن ہُنٛد کیٛاہ چھُ مطلب......ہنہ......ژٕےٚ کوٗسہٕ کمزوٗری رٕٹتھ مےٚ یتھ پنٕھ ژٕ تکیہِ کران چھُکھ؟ میانہِ بدٕنکٕ رُم چھیاونان......تمہٕ بژٕ أنژٕ ڈٕلی زِ میانہِ ٹاٹھہِ یہِ چھُکھ غلطی کران......آ......اگرے مےٚ خاطرِ زال وہرو وُمت چھُتھ مےٚ تگہِ نا سُہ ژٕٹُن ......یہ چھُس نہٕ باسأنی زالہٕ لگن والبو جانوروأندرٕ ...... یہ کرے گوڈے ذٕری یافت زِ ژٕےٚ کُس زال چھُتھ وہراٗوِتھ تھووُمت'' تہٕ سُہ گوٚ واکہِ کرٕنٛچھہ آزمائشہِ خاطرِ تیار......تس اوس دِل یژھان زِ پرافری پیٹرووچس ترٛاوِ گنی چھکر تہٕ تس ہٕٹی چیر دِتھ أنژراوِ سوٗرے نیٛاے......تمِس اوس گوڈے پے زِ یژھاون ژٕھنٕ واجبن ژکھ کھسہِ تس......احساس اوسُس زِ پرٛاژن چھُس پوٚس کھوتمُت تہٕ وأنج چھُس ہتھ ہتھ گز

ژلان......پوٚز ییٚتھس حالتس منز تہٕ کوٚرتمیٚ ژھوپہٕ کرنک یراد۔ یتھ منزتس پژر باسیوو ......خاموش روٗزی تھےٚ ہیکیٚاہ سہٕ پرافری لیس دُواُنہٕ تہٕ أندرِم کتھ زیوٚ کڈنس پٮ۪ٹھ مجبور کرِتھ......رَاسکولنکاف اوس دِلہٕ أندری پننہٕ امہٕ چالہٕ ہندی تعریف کران......پژھ اُسس اتھ ژھوپہٕ نیرِ رُت ہرتر۔

''غالباً چھُکھ ژٕ میانہِ کتھہٕ مذاق تہٕ خوش گفی زانان......ہی ہی ہی......پرافری پیٹرووچ لوٚگ تس زیادے خوش دِلی سان ونہٕ......سُہ اوس کمرس منز کاوِ ووٹہٕ ٹلان تہٕ شادمان سپدِتھ لوٚت لوٚت اسنہٕ ہنا کران......دراصل چھےٚ ناکتھ یہ زِ میانٚی چال ڈالِے چھےٚ یژھ زِ مےٚ گُن وُچھن والین زن چھُ کانہہ دِلس کِتہٕ کِتہٕ کران تہٕ تم چھِ میانہِ پژِتھ حرکژ پٮ۪ٹھ اَسان تہٕ میانہِ کتھہ چھِ جٹہٕ ہنا مانان......خداین چھُس یہٕ ظاٗہرا اکھ مسخرٕ بنومُت......امامیانہِ ٹاٹھہِ روڈیا......یہٕ ونے ضرور......مےٚ بُڈ سٕنزن کتھن ہُند پننہٕ دِلس لگی......ژٕ چھُکھ وُنہِ نوجوان تہٕ جوش تہٕ چھےٚ اوے چھُکھ عملہٕ بجایہٕ بحثس گوڈ انواٗری دِوان تہٕ پنٕنی عقل تہٕ پٕنن سونچ چھےٚ تھدِ پایک باسان پژِتھ پوٚرمُت لیوٚکھمُت نوجوان چھُ اُتھی بیمارِ منز ہنہٕ آمُت......کرٕہن کرٕاوٕہن نہٕ کہنٚی یعنی عمل نہٕ رژھہ تہٕ مگر ختم بحثی تہٕ زِچھہِ زیٚچھہِ کتھہٕ ییتہٕ پٮ۪ٹھ ہورتام مانتہٕ آسٹریاچ سوجنگی مجلس ہش تیمٚکی اہلکار مطالعہٕ گاہس منز نقشس پٮ۪ٹھ پٕننی منصوبن ہنٛز فہمایش کران اُسۍ تہٕ یمونیپولینس نہٕ فقط شکست دیُت بلکہ کوٚرکھ گرفتار تہٕ......ہے اراکین مجلس گےٚ خوش زِنیپولین گوٚو گرفتار مگر معلوم چھُیہٕ سپُد کیٚاہ......یہُند نقشہٕ یتھ جایہٕ اوس تیٚتی روٗ دوٗی تھے تہٕ یپاٗری ترٛاُوی ماُدانِ جنگس منز تہندی سپہ سالار تہٕ ساٗری فوجن نیپولینس برٛونٹھہ کنہٕ ہتھیار......ہی ہی ہی......کتھ کژھہ مزٕدار چھےٚ وَن؟ روڈیا ژٕ آسکھ شاید دِلہٕ منزی اَسان زِیہٕ چھےٚ فوجی تاٗریخ چہ مثالہٕ دِوان حالانکہ فوجس منز چھُس نہٕ زٕہنٚی روٗدمُت پوٚز حق چھُ یہٕ زِمےٚ چھےٚ یہٕ بُڈ کمزوری دراصل چھِ مےٚ فوجی داوپیچ پسند تیمہٕ کنۍ یہٕ

اکثر سونچان چھُس بہٕ چھُس شاید غلط جایہِ نوکری کران......مےٚ پزِ ہے جوسی کرنہٕ بدلہٕ اکھ سپاہ بنُن......ہی ہی ہی......خٲر وونی کرے بہٕ اتھ اہم تہٕ نوزُک مسلس پیٹھ کینٛہہ ضروری کتھہٕ عرض......زندگی ہُنٛد ماحول تہٕ انسٲنی فطرت چھِ زٕ اہم چیز......یِم دوشوے چیز چھِ بعضے سانٛہن سارنٕے تدبیرن تلک پیٹھ کران......میٲنہِ ٹاٹھہِ روڈیا ......مےٚ بُڈٕ سنٛزٕ کتھہٕ بوز بغور کیاز وُنی کبس یہِ کینٛژھا ونان چھُسے تہٕ چھُس سبٹھے سنجیدگی سان ونان......(تہِ ونان ونان اوس پرافری پزی بُڈ باسان تہٕ تٔہنٛزٕ آواز تہِ بدلے یہِ حالانکہ سُہ اوس وُنہِ محض 35 وُہُر) بیٚیہِ چھُسے بہٕ صاف صاف کتھ کرن وول ......اگرے ژٕ مطلب کڈ کھنہٕ زِ بہٕ چھُس پانے پننٕزٕ تعریف کران تیٚلہِ ونے سٲری ہے ملکس منٛز گرٛھی نہٕ مےٚ ہیوٚ صفأیی سان کتھ ونن وول نظری......وونی دِ پکھ ژٕ یہِ سوٗرے ژےٚ برٛونٛہہ کنہِ بیان کرنک مطلب کیا چھُ؟ ژٕ دِکھا مےٚ کانٛہہ ینامہٕ امہِ باپتھ؟ نہ میٲنہِ دوستہٕ مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ ینامہٕ ضرورت تہٕ نہ ہیکِکھ ژٕ مےٚ دِتھے کینٛہہ! ہی ہی ہی......خٲر مطلب غرض سوٗچن سمجھن تہٕ عقل چھے بوٚڈ چیز میون مطلب چھُ میٲنہِ رایہِ کُنی چھُ خدایہِ سُنٛد قأبلِ فخر دیُت تہٕ زندگیہِ ہُنٛد اکھ شاندار ینامہٕ......اما پوٚز میٲنہِ یارِ امہِ دِتہٕ تہٕ ینامہٕ کُنی چھُ اکھ شخصا تژھہِ چالہٕ گندان زِ مےٚ ہیوٚ احمق جوسوس تہٕ چھُ گپرس منٛز یوان زِ یہِ شخص کتھہٕ لگہِ زالہٕ......افوہ......غضبکی خیال تہٕ خأہشہِ چھےٚ تمن آسان یِمہٕ اسہِ یہِ ڈٲلی زتہِ ژُوٚ تس پیٹھ چورتہٕ کران چھِ تہٕ اسہِ چھُنہٕ فکری تران کوسہٕ اکھ وتھ رٹو؟ چھکیرس چھےٚ انسأنی فطرت بچأرِس جوسوس مددکرانٕے تہٕ اُمس شخصہٕ سُنٛد تقدیر چھُ وولہٕ گٹُن کھوٗان تہٕ سُہ چھُ بےٚ شونٛکی پأٹھی پانے پننِس وہراونہٕ آمتِس زالس منٛز بند گرٛھان ......یہِ چھے پزر زِ اُزِکی تعلیم یافتہٕ نوجوان چھِ تصوراتن ہنٛدِس گرداَبس منٛز پیٹھ پیر وسان تہٕ پننہِ گُمانہٕ چھِ پنُن پان نپولین سِنٛدی پأٹھی زانان تہٕ نیران چھِ سٲری ٹُھری پھٹرا ونکہِ یرادٕ......(یہِ زن یورا تھ ژےٚ پانے بڈٕ اصل پأٹھی وونُتھ) امہِ وِزِ چھُ یمن

عقلہِ چونپھ لگان......تم چھِنہٕ دیما غس منزٕ ے انان امیُک انجام کیاہ آسہِ......وقس پٹھ چھُ اپزٕ تہِ ونان......میون مراد چھُ سُہ شخص یُس اکھ غأر موموُلی جرم کرِتھ اکھ غأر موموُلی واقعہ بنیاد تہٕ اوان چھُ......آ......بڈٕ ہُشیأری سان ونی سُہ اپزٕ......یوٗ تاہ سُند بون آسہِ تمُ سُند اپزٕ زِ أسی گرٕھویہِ سوچنس پٹھ مجبور زِ سُہ یعنی أزیُک نپولین گوٗ وشاید پننِس مقصدس منزٕ کامیاب تہٕ پننہٕ ''یادگار کارنامُک'' روزِ حض تلان......مگر سارِوے کھوتہٕ زیادٕ دلچسپ کتھ چھےٚ روڈیا یہِ سپدان زِ عأنہِ وقس پٹھ ییٚلہِ سُہ اسہِ وتہِ ڈانٕچ کوٗشش کران آسہِ یہِ تس گیوٗ رتہٕ یاشا کرِتھ یہِ ٹاس کرِتھ پتھر لاینہٕ......بیشک اوس سُہ کاہل تہٕ یتھ کتھہِ ہکونہٕ انکارٕ ے کرِتھ زِ گُٹھس منزٕ اوس دَم......پوٗ زأہنزٕ اچانک بیہوشی کنہٕ گٔے أسی ہُشیار......میون مطلب چھُ اسہِ کرِ بیدار تہٕ سأنس دِلس منزٕ گرٕھہِ شک ہیوٗ پأدٕ......مأنُن پیٚیہِ أمی نپولینن کری أسی مشکوک......بڈٕ چالاکی سان ووٗنُن اپزٕ مگر پننہِ طبیعتُک اوُسُس نہٕ گُمانے تیٚمی دوکھہِ دیُتنس......تمُ تہٕ أوانسأنی فطرت یوسہِ رند کڈُن واجیٚنی أسس......نِ پھرِ کرِ سُہ پننہٕ تعلیم تہٕ قأبلیت ورتأوِتھ تس نفرس ٹھٹہٕ یس أمِس پٹھ شک گنیومُتِ آسان چھُ......سُہ چھُ پننِس دشمن سُند مذاق کرنہٕ وِزِ پانس منزٕ عملاً تھرتھرٕ پأدٕ کران بتِھس چھِس زردی پھیران......یہِ سورُے چھُ آسان اسہِ دوکھہِ دنہٕ باپتھ مگر أہنزٕ بدقسمتی تہٕ سانہِ خوش قسمتی کنہٕ چھُ أہندِ بتھکُ زردیر گنان تہٕ دوٗری أکھی تھے مأکھی تھے ٹھیک آسنُک باس دِوان اتھ چھُ سانہِ شکچ بنیاد پیٚیہِ ہن محکم کران حالانکہ توہند جرح کرن وول چھُ گوڈٕ دوکھس منزٕ پیوان پوٗ زاگرنے سُہ بیوقوف آسہِ تیٚلہِ ہیٚیہِ سُہ اتھ بأنہٕ بأنہٕ جایہٕ تہٕ بیشک چھُ تی سپدان......سُہ چھُ أہنزٕ ن کتھن سنان تہٕ سُہ چھُ قدماہ زینان......ہتہ چھُ مہم جویی کران تہٕ واتان چھُ تتھ جایہ یتھ ستی نہ تس کانہہ تعلق آسان چھُ......زورٕ زہر بادس منزٕ زنگ تہٕ اوان ژھوپہ یٚتھ شوٗببس کرٕ نی تتھ چھُ یہ کرِ ان دوراز کار مثالہٕ دوان......توہند اسُن توہند شرارت

یہٕ سوٗرٕ ے چھُ ووزمےٗ آسان......ہی ہی ہی......آ......ونی اگرٕ ے شک چھُو گرفتار کیاز چھِنہٕ کران......ہی ہی ہی......یہِ حالت چھےٚ آسان نفسیات مضمون پرن وأٔلِس ادیبہٕ ہِنٛز......وہو ہار چھُ اکھ أنہٕ آسان اتھ منٛز وُچھِتھ چھُنہٕ داد دِنہٕ روٗس روزان۔حأران چھُ گژھان۔مگر روٗدیا ژٕ ے کیاہ ڈیلیل گیی ژٕ ے ہےٚ لیدٕ رٕژھٹھ دِژنے بٔرِتھ۔کمرس منٛز ماچھے دم باسان۔بہٕ ترٛ اوٕ دأریلہٕ؟''۔

• ''ہے تکلیف موکر۔مہربأنی کٔرِتھ۔امیُک چھُنہٕ حاجت'' رَاسکولنکافن دِژ کرٛیکھ تہٕ أتھی ستی ترٛ ووُن اسن کھنگالہٕ ''ژٕمہٕ گژھ مہربأنی کٔرِتھ پریشان''۔

پراوفری آو أمِس برٛونٛٹھ کُن تہٕ روٗدُس أتی اِستادٕ مُدٕ ے گنٛڈِتھ وُچھان......

تہٕ أتھی منٛز ترٛ ووُن تہٕ اسن کھنگالہٕ......رَاسکولنکافن ژوٗٹ ہنگہٕ منگہٕ ہسٹیر یاکس مریضہٕ سُنٛد ہیوٗ کھنگالہٕ منأسب جایہِ صوفہٕ پٮ۪ٹھہٕ یاشا کٔرِتھ ووٗ دووتھنہٕ پتہٕ۔

''پراوفری'' رَاسکولنکافن ہیوٗت تھزِ شوٗ ذِتہٕ صاف آوازِ منٛز کلامہٕ کرُن......

زنگن أ سس نٹھ تہٕ مشکلن اوس وودنہٕ روٗزِتھ ہبکان ''چانہِ امہِ زیٹھِہِ تہٕ بے ربط تقریرُک کوٚڈمےٗ یہِ نتیجہِ زِ ژٕ ے چھےٚ صاف صاف مےٗ پٮ۪ٹھ شک......چانہِ خیالہٕ چھُس بہٕ شایدتس بُجہِ تہٕ تہٕنٛز بیٛنہٕ رِزواتایہ ہُنٛد قأتل......بہٕ چھُسے صاف صاف لفظن منٛز ونان امہِ أنی ژھیپرٕ ستی آس بہٕ تنگ تہٕ بہٕ ہیکہٕ نہٕ زیادٕ برداشت کٔرِتھ......ہرگاہ ژٕ ے پزی مےٗ مجرم زانان چھُکھ تہٕ گرفتار کٔرِتھ مےٗ پٮ۪ٹھ مقدمہٕ چلاوُن چھُکھ یژھان بیشک کر مےٗ گرفتار اگرٕ ے ژٕ ے تمیُک قونونی حق چھےٚ نتہٕ تھاوا کھ کتھ یاد کانٛہہ اکھ کوٗتاہ بوٗڈ قونون دان یا قونون ساز أسی تن یابڈٕ کھوتہٕ بوٗڈ جو سوٕ ہے أسی تن بہٕ ہیکہٕ نہٕ برداشت کٔرِتھ زِ سُہ کرِ مےٗ ستی مذاق تہٕ مےٗ روزِ پریشان کران''۔

رَاسکولنکافس أسی وُٹھن ہنٛدی کوٗن تہٕ رہ خن ہنٛدی رُم ووٹہٕ رارٕ ے کران......أچھو آسس نارٕ برٛ ہہ نیران......بُتھ اوسُس زوتان تہٕ آواز أسس لرزان......

''بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ کتھ برداشت کٔرِتھ'' میزس کُنے دۆگ مارِتھ وون تمۍ ''بوٗزتھہٕ بہٕ ہیکہٕ نہٕ ہرگز ہرگز تہٕ یہ برداشت کٔرِتھ''۔

''عفوِ خدایا...... ہے اچانک کیاہ سا گوٚو ژےٚ'' پرافری پیٹرووچن دِژ پریشان گژِھتھ زورِ سان کرٛیکھ ''روڈیا! میانہٕ یارا...... ژےٚ کیاہ سا گوٚوے؟''۔

''آ...... بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ برداشت کٔرِتھ...... ژےٚ بوٗزتھ نا؟'' رَاسکولنکافن ووٚن ہٹ رٔگہٕ چارِتھ۔

''ہِش...... ہے گوٚو بریالوٚت کرسا! نیبرٕ کٔنۍ ہسا چھی لوٗکھ بوزان تم ہسا اژن یوٗرۍ...... ہنہ...... تمن کیاہ جواب دِمو'' پرافری پیٹرووچن ووٚن تس پانیارِ سان کنس تل۔

''بہٕ دِمہٕ نہٕ امیُک اجازت...... مےٚ گژھہِ نہٕ یہ برداشتہٕ'' رَاسکولنکاف اوس پھِرۍ پھِرۍ ونان مگروٗنی کنبس اُس تہنٛز آواز کنہٕ پھِسرِ لیہٕ کھوتہٕ لوٚتےٚ۔

پرافری گوٚو ٹِکی دارِ گُن۔

''تازٕ...... تازٕ ہوا...... ترٛن ترٛن ترٛیشہِ گلاسا...... فوراً گژھی طبیعت ٹھیک...... میانہِ یارٕ ژٕ چھُکھ نہٕ صحتہٕ کٔنۍ ٹھیک...... ژےٚ پیوٚ دورٕ شاید...... ژےٚ چھِی رُم رُم زن پھُٹۍ مِتۍ'' پرافری پیٹرووچ دوریو یکدم دروازس کُن زِ چیرٕ اُسس ونہِ ہے ترٛیش انہٕ باپتھ...... پوٚز انتھ وُچھِن آبہٕ سُرے اکھ تہٕ اُنۍ پانے تُلِتھ...... ''رٛتھ ساپُنے ترٛیش ...... وُنی گژھی فرق''۔

پراوفری سٕنٛز گھبراہٹ تہٕ ہمدردی اُس تیٛژاہ حقیقی تہٕ بناوٹہٕ روس زِ رَاسکولنکافن کٔر یکدم ژھوپہٕ تہٕ پاگلن ہندی پاٹھۍ رۆد تس ئلی وُچھان...... خارٕ ترٛیش چیٖن نہ توتہٕ۔

''روڈیا راما نووِچ! ہے میانہٕ یارٕ...... تہٕ کٔنۍ ہا گژھکھ پاگل...... تارٕے لگی نہٕ...... پوٚز ہا چھُسے ونان...... رتۍ چو ترٛیش...... میانہٕ یارا''۔

تہٕ تِمۍ کوٚر رَا اسکولن کاف تریشہٕ گلاسہٕ رٔٹنس پپٹھ مجبور......رَا اسکولن کا فن نیوٚ مشینی اندازس منٛز گلاسہٕ وُٹھن تل مگر فوراً آیس نفرت تہٕ نقتھ وو تِلتھ تہٕ تھوٗ ن بیٚیہِ میزس پپٹھ۔

''اہن سایہِ گوٚ وِدورِ پیوٚ ن۔ یتھہٕ پاٗٹھی ووتھی دود......میون مطلب چھُ ہر گاہ نہٕ احتیاط کرکھ ژٕ پکھ بیٚیہِ بیمار'' پرافری اوس پزِ دوستی تہٕ ہمدردی ہنٛدی جذبہٕ ہاوان حالانکہ وُنہِ اُسس وأنج راوان......افوٚہ۔ ہے کوٚتاہ شدید دورِ پیوٚ ے ژےٚ۔ ژٕ گژھ ساوٚلی ڈلی کاٗنسہِ ماٗہر ڈاکٹرس نِشہِ علاج کرناونہِ ورنہٕ گژھی پتہٕ لوکچہِ ہنہِ بڈٕہن۔ پتہٕ اندبس نہٕ کینْہہ۔ ژےٚ چھیہِ پتاہ راتھ آو رَا زو منْہن مےٚ نِشہِ تہٕ......بہٕ چھُس مانان زِ بہٕ چھُس ہنا تیز مزاج تہٕ کتھن کتھن منٛز چھُس ٹاٗنہٕ ژٹان تہٕ تیر لایان ......میانہِ کتھہٕ پچھےٚ ٹیٚچھِ آسانِ...... ہے تِمۍ کڈی میانین کتھن ہنٛدی کم کم نتیجہ......یٚیلہِ اُسی کھین چین خاطرٕ بیٹھی لس لٕج زیرٕ ہش تہٕ لوٚگ وورنہِ یِہ ڈیٛپ زِ تہٕ......اد سامےٚ کیٛاہ اوس یِیمہِ روہس چارٕ ژٕ ژھوپہ دم کرِتھ ہیوٚ ٹھُس حاراٗنی اندرتس وُچھان......تِمۍ کرِ عجیب عجیب کتھہٕ......بہٕ کیٛاہ ونے ژےٚ......سُہ اوستھہٕ ژیےٚ سوٚ زمُت...... ہے مگر ژٕ کیٛاز چھُکھ وودنہِ...... ہے بیہہ سایار اپتھر!''۔

''نہ مےٚ اوس نہٕ رَا زو منْہن ژےٚ نِشہِ سوٚ زمُت......ووٚنی گومےٚ چھُ پتاہ سُہ اوس ژےٚ نِشہِ آمُت......تہٕ کیٛاز اوس آمُت تہٕ چھُم مولوم''۔

''اچھ......اچھا......گوٚ و خبر چھےٚ؟''

''بالکل......مگر ژےٚ کیٛاہ تو تہِ؟''

''بظاہر نہٕ کہنۍ مگر روڈیا تمہِ ستۍ توٚ رُم فکر بہٕ چھُستھ ژٕ تہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ زانان۔ مےٚ چھےٚ رژھ رژھ خبر۔ مےٚ چھےٚ خبر ژٕ یٚیلہِ روتلہِ گوکھ تتھ فلیٹس پپٹھ۔ انہِ گٹ اُس......ژےٚ کتھہٕ پاٗٹھی دباٚوتھ درواز چ بیل تہٕ بیٚیہِ پزٕ ژھن تِمن کاٗری گرن تہٕ دربانس فرشس پپٹھ پھُہلتھ رتس متعلق......تِمن گوٚ ونہٕ کانْہہ شکھ گژھہِ ہکھ تہٕ کیٛاہ! آخرٕ ےٚ

کیاہ حالت مطلب دِماغی حالت چأنی کیاہ آسہِ ہے تمہِ وِزِ تمیُک چھُ مےٚ پوٚرٕ انداز ...... مگر تتھہٕ کٔنی کرکھ ژٕ پان پاگل ...... مےٚ چھُ پوٚرٕ یقین ...... ژےٚ راوی توازُن ...... یہ چھےٚ تقدیرُک کُھرتہٕ تمہِ پتہٕ پلسکُ ظلم ...... یِ سوٗنچ زِ ژٕ کیاز چھُکھ ٹاسہٕ ونہٕ یِوان ...... أندٕری أندری گلان ...... ژٕ کیاز اکہِ انٛدٕ پتھٕ بیٚیس انٛدس دوران زِ کرٕنا کانٛہہ اچ کتھا ...... کانٛہہ تزٕ ہ کتھا یُتھ ژےٚ پریشانی انٛدِ ہی ...... پریشانی تہٕ غصہٕ ژلہِ ہی انٛد ہتھ ...... کیاز ژٕ چھُکھ ''ہُمہِ مرٕتہٕ یِمہِ ترکہ'' وہموتہٕ یِمو حماقژ وٕستی تنگ آمُت ...... کیاہ بہٕ چھُنا پوٚز ونان؟ تورِ یہِ فکرِ ...... چانِٛہن جذباتن تہٕ احساساتن ہُنٛد کوتاہ شبقہٕ انداز چھُ مےٚ ...... خأر مدعا چھُ وُنی یہِ زِ تتھہٕ کٔنی گژھکھ ژٕ پاگل تہٕ ستی کرٕہن راز ومنہن تہِ ...... سُہ بچارٕ چھُ سیٚو دساد تہٕ کتھہِ کتھہِ پتھٕ چھُ پاگل گژھان ...... مےٚ چھُ باسان تمٕس گژھہِ چأنی باشی تہٕ چھُ بچارٕ نیک تہٕ کھوڑ پچھو ورأے ...... ژٕ چھُکھ بیٚمار ...... بہٕ ونے ژےٚ تفصیلہٕ سان پوٚز تمہِ وِزِ یِمہِ ساعتہٕ ژٕ کتھہِ کتھہِ پتھٕ مشتعل گژھکھ نہٕ ...... وُنی کٔبس چھےٚ ژےٚ آرام ضرورت ...... بیٚیہِ تژٕ او دِلہٕ منٛزٕ سأرے پریشأنی ...... ژےٚ چھےٚ کوٚنڈُے یوت موژ یومُت''۔

رَاسکولنکاف بیوٗٹھ بیٚیہِ پتھر ...... ووٚنی أ سس نہٕ زنگن تھ پوٚز سورُے بدن اوُسس تپہٕ ستی دزان ...... سُہ اوس وأنٛجہِ ہنٛد بوکنو پرافری نہِ دوستانہٕ تہٕ ہمدردانہٕ کتھہٕ بوزان البتہٕ اوس پرافری پیٹرووِچ وُنیُستام گابریومُت باسان ...... یہِ گابرُن ...... یہ دوستی تہٕ یہِ ہمدردی أس رَاسکولنکافس بناوٹی باسان ...... حالانکہ دِل اوُسس یژھان زِ تمہٕز دوستی تہٕ ہمدردی کرِ أچھ وُٹھ قبول ...... البتہٕ پرافری پیٹرووِچنہٕ فلیٹ کہِ واقعُک تذکرٕ کرنہٕ کٔنی گو وسکھ پریشان۔

''مگر کتھہِ کٔنی ...... یہِ چھُنہٕ ممکن؟ تس آو خیال ...... ''گو ونا أمِس چھُ سورُے مولوم ...... بیٚیہِ چھُنہٕ کہِنی ژوٗ رِتھاوان ...... یہِ چھُنہٕ کہِنی تل پتھٕ تھاوان ...... مطلب کیا

سنا چھُس؟''۔

''روڈیا تتھ ییٚژ زِ تچھِ وأنسہِ منز کم تماشہٕ وُچھمٕ'' پرافری پیٹرو وچن ہیوٚت بیٚیہِ وُنن...... ''لگ بگ یُس تہِ واقعہٕ سپُد مُت وُچھ سُہ وُچھ نفسیأتی تہٕ ذٔہنی بیمارٕ کِنۍ سپُد مُت...... مثلن کِمے کال برٛونٛہہ سپُد بالکل چأنی پأٹھۍ یتھے واقعہٕ......أکی قأتلن کوٚر خوٗنی آسنک اقرار تہٕ پانے کٔرِن کینٛہہ ثبوت تہٕ گواہ پیش......سُہ اوس فوری طور قتلُک سزا ایژھان کیاز زِ...... بوز قتلہٕ کِس تتھ واقعس ستۍ اوس نہٕ تس واسطے کانٛہہ مگر سُہ اوس سونچان قأتلس دیُت تمۍ خوٗن کرنُک موقعہٕ......ییمہِ کِنۍ قصوروار چھُ...... پننے ضمیراوُسس کھش کران...... ووکھہٕ خیالات أسِس پریشان کران......وٕبکھتۍ خواب اوس وُچھان......تس روو حال ہوشے تہٕ کوٚرُن پننہِ مجرم آسنک اقرار......یہِ آو تس ہاے کورٹ ؤسیلہٕ تیٚمۍ تحقیقات کرنُک حکم دیُت ییٚتہِ سُہ بےٚ گوناہ ثابت گوٚو تہٕ باحتہٕ زأنتھ سوٗزُکھ پاگل خانہٕ......چھی......بیچارٕ ذٔہنی بیمار......مطلب چھُم میانہِ یارٕ یہِ وُنن زِ ژٕے تہِ چھُتھ یتھے کیاہتام زوراٹہٕ بارِ ہیوٚتمُت تہٕ چھُکھ ووکھہٕ خیالن ہنٛز گژانہِ منز بند گومُت......اگرے ژٕ روتلہِ فلیٹن پٮ۪ٹھ گرٕ ہتھ دروازن ہنٛزٕ بیٚلہٕ دباوان تہٕ فرشس پٮ۪ٹھ لگۍ ہتمن خوٗنہٕ داغن متعلق پرٛژھان روٗدُکھ پرٛژھ گرۍ زِ ژٕے تہِ ڈلی دیماغ......پوٚز چھُسے ونان...... مےٚ چھِ تتھۍ واریاہ واقعہ وُچھۍ متۍ ......بوٕ چھُس نہٕ نفسیاتُک کانٛہہ مأہر اماذأتی تجربو چھُس یُتھ مأہر بنومُت یاونتہٕ مہارت گٔیم ازخود حأصل......بہٕ چھُس أکِس جوان نفسیأتی بیمارٕ سُنٛد تشخیص نفسیأتی مأہرٕ سٕنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ صحیح پأٹھۍ کران......بعضے چھُ أندرمہِ پیچتأبی کِنۍ کانٛہہ یُتھ بیمار دوٚیمہِ پوٚہرٕ پٮ۪ٹھہٕ یا گُنہِ گرجا گرٕ کہِ ٹاورٕ پٮ۪ٹھہٕ ووٚٹھ دِوان......ووٚنۍ اگرے پیچتأبی منز گٔمی باسے یِس تیٚلہِ چھُ روتلہِ فلیٹن ہنٛزِ بیٚلہٕ بجاوان......ہشی کتھا چھےٚ مرض چھُ ہوٗے ووٚنۍ گو فلیٹن ہنٛزٕ بیٚلہٕ بجاونہِ چھُ دوٚیمہِ درجُک مرض......ژٕےٚ پزِی فوراً کانٛسہِ مأہر ڈاکٹرس مشورٕ ہیوٚن......ژٕے

یُس سُہ موٗٹہٕ ڈاکٹر دوست چھُے سُہ چھُ کھرٕ ے تٔمۍ ووٗنُے ناژ ےٚ چھے نفسیأتی بیمأرۍ ......ژ ےٚ یہِ کینژھا کوٚرُتھ تہٕ کوٚرُتھ ژ ےٚ بالکل امی نفسیأتی بیمارِ کِنۍ"۔

رَاسکولِنکافس ہیوٚتُن کلس گیوٚر کھسُن ......اوٗ ندپوٚک باسیوس نژان مگر یہِ حالت روٗزِس بس برٛ نِزِس کھنڈس۔

"چھایہِ ممکن؟ یہِ ہیٚکیاہ بٔنتھ؟......نہ...... پرافری چھُ مےٚ دراصل ناوِوالان" دِلہٕ اندری ووٗنُن "یہِ چھُ اپزُ ونان......نہ......نہ......یہِ چھُنہٕ ممکن......یہِ سوچنُے چھُ غلط"۔

رَاسکولِنکافن کوٚڈ یکدم یہِ خیال ذیٚہنہٕ منٛزٕ نبر تِکیا زِ تس اوس معلوم زِ یہِ خیال دِیہِ أہندِ غأضہٕ کس نارِ الاوس ہُرتہٕ کرناوِس کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ پاگلأزی۔

"ہے مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ نفسیأتی مرض......مےٚ یہِ کینژھا ووٚنُے تہِ ووٚنمے حبسن تہٕ ہوشن منٛز روٗزِتھ تیمیُک مےٚ پوٚرٕ احساس چھُ بہٕ یہِ کینژھا کران چھُس تتہِ چھُم مولوم" ......تٔمۍ ووٚن یہِ ڈٕپِ زِتہِ کرٛیکھ دِتھ یُتھ زِ پرافری پیٹر ووچنِس رُمس رُمس ترِتھ گرٛھہِ تہٕ تٔھنز چال فکرِ ترٛبس. ...."بہٕ اوسُس تہٕ چھُس تہِ پننِن حبسن منٛز......بوٚزتھہٕ ژ ےٚ"۔

"آ......بوزان چھُس تہٕ فِکرِ تہِ چھُم تران......ژ ےٚ ووٗنتھ راتھ ژ ےٚ چھُے نہٕ کانٛہہ ذیٚہنی مرض......یہِ کتھ چھُکھ زور دِتھ ونان......مےٚ چھُ سوٗرُے فکرِ تران ژٕ ونان کیٛا چھُکھ......آ......چھِ چھِی......بوز سارو ڈیا......میٛانہِ ٹاٹھہِ جگرٕ......ہرگاہ ژٕ حقیقتاً مجرم آسہٕ ہکھ یا اتھ قأبل مذمت کاروأیی ہِتی گُنہِ حسابہٕ چون اتھہٕ آسہِ ہے تیٚلہِ کتہٕ دِیہکھ ژٕ یتھ کتھہِ پیٹھ زور زِ ژٕ چھُکھنہٕ حواس باختہٕ بلکہ چھُکھ پننِس حالس ہوشس منٛز ......پانٛژ وے حبس چھِی برابر......سُہ تہِ یوٗتاہ زور دِتھ تہٕ لگاتارٕ پأٹھۍ......اوسایہِ ممکن، ہرگزتہِ نہٕ میٛانہِ حسابہٕ......اگر ے ژ ےٚ کینٛہہ آسہِ ہی ذیٚہنس منٛز ژٕ ونہکھ تیٚلہِ مےٚ اوس دمباغے ڈوٗلمُت......اوے کِنۍ سپُد تہِ سرزد...... چھا کنہٕ؟ اتھ تفتیشس أس مکأری دوٗرِ پریڈان......رَاسکولِنکافس پیوٚ وینیہ صوفس پیٹھ بِہُن تِکیا زِ پرافری پیٹرو وچن

نوٗ مروو پان تِسی پیٹھ زن تہٕ روٗدُس پریشان کرٕنہٕ ژھوپہٕ منز بتھِس مُدے گنڈتھ وُچھان۔

"بِیا کھ کتھ وُچھتہٕ راز ومنہن سندِس ملاقاتس پٮ۪نس متعلق ژٕ ے اوسے ضروری وُنن زِمےٚ سوٗ زنہٕ سُہ بلکہِ آوپنہٕ مرضیہ پیٹھ ...... مگر ژٕے ووٗنتھ صاف لفظن منز...... سُہ ہساسوٗ زمےٚ...... یار چھُم...... مولوم چھُم ...... یہِ چھُ چون سیز رتہٕ شوذ رژٕے تھووتھ نہٕ کہنی تہِ ژوٗرِ"۔

راسکولنکافن اوس نہٕ یہِ ووٗنمُتُس پھِٹٕ ترِ گنڈی۔

"ژٕ چھُکھ اپزِس پیٹھ اپزٕ ونان" راسکولنکافن وونُس زنتہٕ موٚمرٕ آوازِ منز وُٹھ زٕوٗتھ یہے اِسیٚ کوٗشش کران کران "ژٕ چھُکھ ہاوُن یژھان میٚانی چال کیاہ چھِ...... تمیٚک چھےٚ ژٕے گوڈے علم یتے اوت نہٕ بلکہ یہٕ کیاہ جواب دمہٕ...... تتہِ چھےٚ ژٕے گوڈے مولوم چھُکھ ہاوِتھ دیِن یژھان"...... تمی وونُس حالانکہ تس اوس احساس زِ سُہ چھُنہٕ گوڈ زیٚوِ نیرن والی الفاظ تولان ...... "ژٕ چھُکھ مےٚ کھوٗژ ناوان ...... نتہٕ چھُکھ محض ٹاٹہٕ کران مےٚ بیوقوف بناوان" اتھ دوران روٗد سُہ تس بتھِس کُن وُچھان تہٕ اوس بوزُن تگان تٔہنزن نظرن منز چھےٚ شدید نفرت وُنہٕ موجود۔

"ژٕ چھُکھ لگاتار اپزٕ ونان" ...... تمی وونُس ...... "ژٕ چھُکھ پوٗرٕ پاٹھی زانان زِ مجرم یوٗ تاہ جلدی پزر بیان کرِ تیوٗ تاہ چھُ اصل ...... تہٕ یوٗت پلہِ تیوٗت گوٗژھنہٕ کتھ کھٔلِتھ تھاوُن ...... مگر مےٚ چھُنہٕ چانٮ۪ن کتھن سٮ۪تی اتفاق"۔

"ہے ژٕ کوٗ تاہ اندر ہٕمل چھُکھ" پرافری پیٹرووچن وونُس ...... "ژٕ نسا چھُکھ نہٕ اتھس تل یِنہٕ وول ...... ژٕے چھےٚ دراصل جنون سوار گوٚمُت ...... خبطی انسان ...... دپان چھُکھ ژٕے چھےٚ نہٕ مےٚ پیٹھ بروسہٕ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھُکھ مےٚ پیٹھ بروسہٕ کران کہنی نے تہٕ روپیہِ منز ژورآنہٕ ...... وُچھ زِ جلدی کرکھ ژٕ مےٚ پیٹھ روپیہِ ہنز روپے بروسہٕ

تِکیازِ مےٚ چھُکھ ژٕ صدق دلی سان چھُسے وَنان خوش کران تہٕ بیٚیہٕ چھُسے یہٕ سودلہٕ رُت کانٛچھان"۔

رَاسکولِن کافس گیہِ وُٹھن وو پھرارے۔

"پزر چھُسے وَنان...... یہٕ چھُسے رُت یژھان" پرافری ین تھوو کلامہٕ جاری رَاسکولِن کافِنس نبضس پیٹھ اتھہٕ تھاوِتھ وون تمۍ...... "ژٕ کرنا وضرور پٔژن علاج فوری طور ...... خاص کٔرِتھ چھےوُنی کیٚس موج تہٕ بینہٕ بیٚنہٕ تہِنْد تہٕ سونچ ہنا...... ژے پزی تمن تسلی دیُن...... آرام دیُن تتھ برعکس چھُکھ ژٕ تم پھریٚڈ کران"۔

"تتھ ستی کیاہ چھُے ژے؟ بیٚیہٕ کتھہٕ کُنی چھُے یہٕ مولوم...... ژے کیا دگ چھے تہنز...... ژٕ چھُکھ مےٚ پیٹھ نظر تھاوِتھ تی چھُکھا مےٚ باور کرناوان"۔

"عفو خدایا۔ ہے کیا سارووُ ے۔ یہٕ سوُرے ہاوُنتھ ژے مےٚ۔ ژے چھے نہٕ ظوٗنے روزان جذباتن ہنزٕ گتہٕ منزٕ چھُکھ ژٕ میٚے اوت نِشہٕ کیا باقین نِشہٕ تہٕ سوُرے وُنتھ نوان...... رَاز وٗ منہنن تہٕ وَنہٕ مےٚ یہٕ واریاہ دلچسپ کتھہٕ...... تفصیلہٕ سان...... ژے ژٕ ٹھ میأنی کتھ مگر بوونے تو تہٕ ژٕ یُتاہ چالاک چھُکھ تیُتاہ والی ژے یہٕ شک کرُن وِنہٕ تہٕ کتھِ ہنزٕ گوجہٕ ہبلکھ نہٕ وأتتھ...... تہٕ مثالہٕ پأٹھی سہٕ بہلہٕ بجاونُک واقعہ...... یہٕ چھُس اکھ تجربہٕ کار نفسیأتی وکیل مےٚ پزٕ ہے سو کتھ ژے نِشہٕ وُنی کیازِ سوچھےٚ شبہٕ حقیقت (تہٕ چھُ خاص سٔنی لایکھ ثبوت) تہٕ ژے چھے یہٕ لو ہٕ کٹ کتھا باسان...... وُنی ہر گاہ مےٚ ژے پیٹھ مومولی شک تہٕ آسہٕ ہے تیلہِ ونہٕ ہا یہٕ ژے؟ ناہر گزنہٕ...... گوڈٕ کڈٕ ہے یہٕ دِمباغہٕ منزٕ ژے شکے نبر زِ مےٚ چھُ تمیُک علم...... یہٕ پھِرِ ہاور چون توجہ بدل کُنہِ کُن تہٕ (چانی وننہٕ مطأبق) لایہے یہٕ کُنیٚ ضرب تہٕ دِپہے ونساون جناب ژٕ کیاہ کرنہٕ اوسکھ قتل کرنہٕ آمژٕ بُجہٕ ہِندِس فلیٹس پیٹھ تمہٕ رأژ دہہ یا کہہ بجے ہیُو...... بہلہٕ کیازِ سنا بجأوِتھ تہٕ تتھ رتس متعلق کیازِ اوسکھ ژٕ پرژھان تتہٕ...... تہٕ پتہٕ کیازِ وُنتھ دربانس پُلسہٕ تھانس

پٹھ گژھو...... لیفٹننٹ صأبس ونو؟ اگر ے مےٚ تۄہلس مٔز کنس برابر کانٛہہ شک آسہِ ہے ژےٚ پٮ۪ٹھ میون طریقہٕ عمل آسہِ ہے ای...... مےٚ آسہِ ہاقأید مطأبق چأنی شہادت رٔٹِمٕژ چأنس ڈیرس تلأشی کٔرمٕژ تہٕ ممکن چھُ ژٕ ما آسہٕ ہکھ گرفتارتہٕ کۄرمُت ...... چونکہ مےٚ چھُنہٕ ژےٚ پٮ۪ٹھ رژھ تہٕ شک اوے کۄرُم نہٕ یہِ مےٚ کرُن پزٕ ہے......مگر ونے ژٕ موکر سہل انگاری......ژےٚ چھےٚ نہٕ فکرِ تران کیٛنہہ......دمباغس ہےٚ کأم......بہٕ چھسے ییٚہ ونان‘‘۔

رَاسکولنکافن وۄن زنتہٕ وُتھہٕ کڈِتھ ییمیٛک انداز پیٹرووِچ پراوفری یَس یکدم سپد ......’’ژےٚ ووتےٚ گوڈٕ پٮ۪ٹھے اپزٕ ونان‘‘ تمےٚ وہراوگل ......’’خبر ژےٚ کیا مقصد چھے ...... ژٕ چھُکھ یؤتاہ اپزٕ ونان.....ژےٚ وۄنُتھ نہٕ گوڈنچہ لٹہِ اپزٕ ڈٔپو کیا ہتام پھیرِ گۄوے......بہٕ چھُس نہٕ شُرمےٚ دِکھ چوپھ تہٕ مےٚ ترِنہٕ فکرے!‘‘۔

’’اچھا......بہٕ چھُس اپزٕ ونان‘‘ ......باسان اوس تس کھۄت خسم مگر تمی تھوو خوش طبعی تہٕ پھولوٗن طنزیہِ انداز تِھس پٮ۪ٹھ برقرار یُتھ زِ رَاسکولنکافس فکرِ ترِ زِتس چھنہٕ گرین گژھان بامےسہٕ کیاتہٕ راے قأیم کرٕ ِتن ......’’گۄو بہٕ چھُس اپزٕ ونان ...... تلسا ...... ژٕ ےون وُنیٚستام کیاہ غلط کۄرمےٚ ...... ہے یارٕ بہٕ ہا چھُس امیٛک تفتیشی وکیل یہِ زِ گوڈے وۄنمے ......بہٕ ہا چھُستھ ژٕ بیٚدارتھاوان کٔرِتھ......بہٕ چھُسے ژےٚ پٔنن بچاو کرنہٕ باپتھ پزٕ بتھ کانٛہہ وتھ یلہٕ ترٛاوان...... بیمأری یا مےٚ وۄنمے نفسیأتی تناو پریشأنی دوکھ تہٕ ستم تہٕ پُلسہٕ افسرن ہُند وطیرٕ ہےمےٚ کیاہ کیاہ وۄنےنہٕ ژےٚ ییمہٕ ستی پننہٕ بچاوٕچ وتھ ژھأرِتھ ہیکِکھ آ......ہی ہی......حالانکہ بچاوٕ کرٕ ییم نفسیأتی وٗسیلہٕ چھِنہٕ پوشہٕ وٕنی بلکہٕ چھِ دُودأرشرٛاکھ......مثلن بیمأری، دمباغی وُترِ بُنیٛل تہٕ ووکھہٕ خیالات چھِ پننہٕ جایہِ صحیح مگر میانہٕ یارٕ بوزن پزٕ ژھے ژےٚ زِ بیمارِ مٔز کیاز چھی ژےٚ تِتھی ہوی خیالات پریشان کران......ہنہ......أمی معاملن کیاز کۄرُکھ پریشان باقے

پیٹھ معاملات تے چھی! بٮ۪یہِ کُنہِ موکھہٕ کونہٕ گوکھ پریشان ...... ہاں ہی ......ہاہا!''
رَاسکولِنکافن کُرتس حقارتہٕ بُرٕ ژٕقہرٕچ نظر۔ اَتھ منٛز تو ہٕند غرور نوٗن اوس ''ژھوٹٮ۪ن لفظن
منٛز تمٕی ووٚن زوردار تہٕ حکم کرٕ نکہِ اندازٕ کھورٕ ژھیکراوان تہٕ۔ یتھ منٛز تمٕی پراوفری پیٹرووچس
پتھ کُن دقہٕ دیُت ...... ''ژھوٹٮ۪ن لفظن منٛز چھُس بہٕ زانُن یژھان مےٚ پیٹھ چھُیا ژٕے
وُنہِ تہِ شک ......کنہٕ نہ......ون پروفری پیٹرووچ۔ اکی کتھہِ وَن ...... ون جل! یہِ
دندگ گرژھہِ وُنی اندٕ نی''۔

''ہے کس ٚستی پیومٕ واسطہٕ'' پرافری پیٹرووچن وونُس تھدِ ہٹہِ مگر بالکل خوش
دلی تہٕ خوش گفی ہٕندٕ آیہِ ...... بتھِس پیٹھ اُٮ۪س مکاری تہٕ اطمینان درٕ پیٹھی گرژھان۔

''بٮ۪یہِ وتم ژٕ کیاز ِچھُکھ زانُن یژھان ......اُخر ژٕے کیاہ مطلب چھُے یہِ
سوٗرٕے زانُنس منٛز ......وُنہِ ترٛ ووٗے نہٕ تموژٕے پیٹھ اتھہٕ ...... ژٕ کیاز ِچھُکھ تس شُری
ہٕندی پاٚٹھی تُج منگان......نارٕ کھوڈس منٛز ووٚتھ ترٛاوان ...... بٮ۪یہِ ژٕے کیا پریشانی چھے
اٚمِچ؟ ژٕ کیاز ِچھُکھ اسہِ زورٕ اٹہٕ بارِ کھسان......ہی......ہاہا......ہی،ہی!''۔

''بہٕ چھُسے بٮ۪یہِ ونان'' رَاسکولِنکافن تہِ وونُس تھدِ ہٹہِ...... ''بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہِ
تماشہٕ برداشت کٔرتھ!''۔

''کیاہ تلہٕ ساون کیاہ؟ غار یقینی صورتحال؟ ووتلان بوڈان کیاز ِچھُکھ!''۔

''ہے جتہٕ مو بناو......مےٚ چھُے نہٕ وَیان ......آمےٚ چھُے نہٕ یُوٚتاہ ترٛ بوٗزتھہٕ؟ کنہٕ
بوزٕ اُنی چھُکھ نہٕ؟'' تمٕی وونُس کرٕ بکھ دِتھ تہٕ بٮ۪یہِ میزس کُنے دوگ وٲلتھ۔

''ہے لوٚت لوٚت......مےٚ ووٚنمے نانیٛری کٕنی بوزن لوٗکھ......بہٕ چھُسے نکھہٕ
وٲلتھ تھاوان......بہٕ چھُسے نہٕ جتہٕ کران!'' پرافری یَن وونُس کنہٕ شٮ۪چھ ہٕندی پاٚٹھ
......ووٚنی اُس تس بتھِس پیٹھ خوش خولقی بدلہٕ تلخی ہٕش باسان ......شرارتہٕ ٚستی بٕجس
خوٚنس زنتہٕ گرٕ بکھ مگر کٕہے بڑٕ ژٕنس کھنڈس تہٕ ٚستی گیس زنہِ مو ہنوی ہٕندی پاٚٹھی بتھِس

پیٹھ بشاشت نمودار یوسہٕ وُنی غاٲب گژھتھ تہنز سنگدلی تند خویی تہٕ بدمزاجی ٲسی کڈتھ تہندِس سرساوی آسنس پھیش دِتھ گیہ۔

پریشانی ہنزِس عالمس منز کھوت راسکولنکافس سکھ خشم۔ مگر تعجب چھُ پراوفری سٕندِس حکمس پیٹھ عمل کرِتھ لوگ ژکھ ژاپتھ لوٚت لوٚت کتھ کرنہٕ۔

''بہٕ دِمہٕ نہٕ کانٛسہٕ تہٕ اجازت زِ مےٚ واتناوِ تکلیف...... پیرادیم''، تمۍ وونس لوٚت پاٹھی پوٚز بڑ ن‍زس منز ےنیؤسہ زنتہٕ نفرتکۍ اندرِم الاون زالتھ۔ یمہٕ کنۍ سہ امہٕ حکمچ پابندی ہیوٚ کنہٕ کرِتھ تہٕ گوڈنکہِ کھوتہٕ زیادٕ شرارتھ کھسِتھ وو تھس...... ''ژٕ کرمےٚ گرفتار ژٕ کرمےٚ تلاشی مگر قایدٕ قونونہٕ مطابق...... آ...... تارن گری مو کرمےٚ ستۍ...... تژھ حماقت مو کر...... آ!''۔

''قایدٕ قونونک مو بر کانٛہہ غم پراوفری ین وونس کتھ ژٹتھ۔ تہندِس بُتھِس پیٹھ پھولوٕنی اسن گرائے اُس تہنزِ مکاری ستۍ ستۍ باس دِوان زِ سہ چھُ راسکولنکافنہِ امہِ وطیرُک حض تُلان......''مےٚ اونمکھ ژٕ یور بالکل دوستانہٕ طریقہٕ کتھ کرنہٕ باپتھ''۔

مےٚ چھنہٕ چانی دوستی بکار۔ تھوکہٕ اتھ چانہِ دوستیہِ۔ بوٗزتھہٕ؟ بوزبہٕ تُلہٕ پنٛنۍ ٹوپہ ہن تہٕ نیرِ پانس۔ نتہٕ ون ہرگاہ بہٕ گرفتار چھسے کرُن؟''

اُتھی ستۍ تُجن ٹوٗپ اتھس کنبتھ تہٕ دراو دروازس کُن۔

''ہے میون اکھ لوکُٹ موکُٹ تماشہِ وُچھکھ نا کینٛہہ''، وُٹھ گمناوِتھ وونس پراوفری پیٹر وو چن تہٕ نرِ لمتھ رُکوٗن دروازس نِشہِ۔

سہ اوس وُنی کنبس برٕ ؤنہمہِ کھوتہٕ زیادٕ مذاقی تہٕ خوش دل باسان یمۍ راسکولنکاف زیادے پاگل کوٚر۔

''کیاہ تماشہِ چھُ؟''، تمۍ پرٛژھ پراوفری سٕندِس بُتھِس پیٹھ حارتہٕ برٕ ژ نظر ترٛاوِتھ استادٕ رٕؤزی تھے ''میون لوکُٹ موکُٹ تماشہِ چھُ ہُتھ دروازس پتۍ کنۍ...... ہی ہی ہی......

(اشارٕ ہوونس کلف لگتھ دروازس کُن ) مے تھووُنہٕ کلفس تل بند یُتھ زِ ژٔلتھ ہیکہٕ نہٕ "۔

"آٔخر چھُ کیاہ یہِ؟ کتہِ چھُ تہٕ کسو...... رَاسکولنکاف گوٚو دروازس نکھہٕ نہٕ مُژراوِ ہے براگرنہٕ اتھ کلف آسہِ ہے۔

"اتھ چھُ کلف تہٕ کُنز چھےٚ یِیکیاہ" تہٕ تٔمۍ کڈ چند مژٕ اکھ کُنز۔

"ژٕ چھُکھ اپُز ونان ......کولہِ کذابہٕ"......رَاسکولنکافن وونُس بے قوبو گژھِتھ گرِیز ہِنہٕ آوازِ مژ......"ییٚہ تہٕ ییٚہ اپُز ونان کولل"......اُتھی ستۍ دوریوو پرافری پیٹرووچس کُن یُس دوٚیمِس دروازس کُن ژوٚل......سُہ کھوٚژنہٕ اکھ رژ ھتہٕ!

"مے چھُ چون سورُے فکرِ تران! ژٕ کیاز چھُکھ اپُز ونان تہٕ مے کھوٚکھی ہاوان ......ژےٚ چھےٚ باسان مے گژھِ ٹُل تہٕ ونے......"۔

"ہے ووٚنی کیاہ ونکھ امہِ کھوتہٕ زیادٕ......تلسا وَن ......میانہِ ٹاٹھہِ روڈی المعروف رَاسکولنکاف ژٕ چھُکھ باوٕر گومُت ......خبردار اگرے ووٚنی زورٕ کرٕتکھ دِژتھ ......بہٕ لایے پٔننین اہلکارن ناد......یم فکرِ تارنے!"۔

"چاۓ نٕ ژٕ! انٛکھ کم اہلکار چھی! ژےٚ چھےٚ مولوم بہٕ چھُس وٕنہٕ کاہل تہٕ ژٕ چھُکھ اوے مے تیٚش دِتھ اقبال جرم کرناوُن یژھان......چاۓنۍ سارٕے چال چھےٚ مے فکرِ تران......ژےٚ نِشہِ چھا کانْہہ ثبوت وَن......چانہِ کلہٕ کھوٚپرِ مژ چھُ فقط زیکی تاۓنی پاٚتھی شکہٕ پراہ یِیلہِ زن ژےٚ میون چال وچلن سورُے مولوم چھےٚ......ژٕ چھُکھ مے اشتعال دِتھ قتل مٹہِ ہیاوُن یژھان یُتھ پتہٕ پٔننین حوارین موارین اتھہِ مے رزٕ گنٛڈ کرناوکھ ......تمہٕ چھےٚ رلہٕ ......ژٕ چھُکھا وُنہٕ تمن پژاران؟ ہنہٕ......موٚپژار......دِکھ ناد کتہِ چھی تم......انٛکھ مے بژ ونٛتھ کُن"۔

"حوٲری موٲری کتھ رٕتی چھِم ......میانہِ سونہٕ گوٚبرٕ......تم کیاہ سونچن تہٕ پُشہٕ روزِنہٕ تہٕ قأید قونونہٕ مطأبق جان یہٕ زن ژٕ یژھان چھُکھ......میانہِ جگرٕ ژےٚ چھےٚ نہٕ

وُنہٕ کھنہٕ تہٕ تجربہٕ......اتھ چھےٚ نہٕ موکلن باتھٕ لگے پرافری ین وونُس لوٚت لوٚتے دروازس کن دِتھ یپأری کنہٕ شور گژھان اوس۔

''اچھا گوٚ وتم چھی ژٕ ے پکان'' رَاسکولنکافن وونُس کانہہ ولیہٕ برنہٕ ورأے ...... نادسوٗ زتھکھہٕ کِنہٕ ژےٚ أہے گوڈے خبر زِ تم ین ......رُت گوٚ و......انگھ سأری پٕنٕنہٕ چیلہٕ......پٕنٕنہٕ گواہ......بیٚیہٕ کُس چھےٚ اُن ......بہٕ تہٕ چھُس تیار''۔

مگر عأنہٕ أتھی وقتس پیٹھ بنےیہٕ ترتٕھ ڈٕلیلا زِ نہ آسہٕ ہے رَاسکولنکافن تہٕ نہ پرافری پیٹرووچنی سوٗنچمت زِ یُہند ملاقات واتہٕ یتھہٕ پأٹھی انٛد۔



# (۶)

پتہٕ ییٚلہِ سہٕ واقعہ سُہٕ منظر کیٚنہہ کال گرِٛھتھ تس یاد پیٚو......راسکولنکافس آو بأنہٕ بأنہٕ تہٕ سورُے اُچھن تل یہِ تمُ وُچھمُت اوس۔

درواز پٹھٕ کٔنی گوٚو شورس منز ہُر برآویکا یک ہنامٕ راونہِ۔

"کیٛا سہ چھِوکران؟ پرافری پیٹرووچن وۄنُکھ شرارتہٕ ہٕتی" مے دیُتا توہہِ حکم وُنہِ......"۔

رُمس کھنڈس دیُت نہٕ کأنسی کانہہ جواب......مگر دروازس پیٹھ اُسی ضرور واریاہ نفریم بظأہر کستام زور آزماوِتھ پتھ رٹان اُسی۔

"ہے کیٛاہ ذٔلیل چھِوٚ" پرافری پیٹرووچن پرٕ ژھنکھ تذبذکس حالتس منز۔

"اسہِ انیوبہِ نکولائی ٕقدی" کٔمی تام ووٚنُس درجواب۔

"کمہِ خأطرٕ اونوون؟ مے نے چھُ بُلومتے......نیٚون واپس!ڈٔپیٛ وُس پرٕ ارتام مگر پیٚتھ گرِیوٚن دفا!کیٛاہ بےٚ قأعدتہٕ بےٚ ضأبطہٕ چھِوٚ"پھٕنکان پھٕنکان دوریود پرافری دروازس کُن۔

"مگر یہِ چھُ" گوڈٕنکی کتھ کرن والی ہرٕ ووکیٛا ہتام وُنن پوٚ زاڈٕ وتی ژٕٹن کتھ۔

"ژٕ سیکنڈ مے چھُنہٕ باسان امہِ کھوتہٕ زیادٕ آسہِ تمن جستہٕ خأزکرنس لوٚ گمُت زِ گنُے دقہٕ دِتھ ژاواکھ بُتھہِ زرد یومُت نفراہ کُنی ووٚتہِ کمرس منز۔

شکلہِ کٔنی اوس یہِ شخص گوڈنچی نظرِ سبٹھاہ عجیب باسان......سُہ رٕوٚد پانس سیٚدٕ سیٚوٚ دنظر گنٛڈتھ وُچھان ییمہِ کٔنی باس اوس لگان زِ سُہ چھُنہٕ کہنی تہٕ وُچھتھ ہبکان......

تٔہنزن اُچھن منز اوس یرادچہِ پوٚختگی ہُنٛد الاوشولان مگر تِمس اٲسس موردٕ سٕنز ہِش زردی پھیر ءمژ ...... زنتہٕ پھٕہِ پٔتھ کھسنہٕ باپتھ نوان اُسس ...... تٔہنٛد بن سفید وُٹھن اُس وارٕ وارٕ حرکت گژھان ...... درمیانہٕ قدُک یہِ نفر اوس پوشاکہ تلہٕ کاٗرِ گر باسان ...... یہِ اوس جوان مگر زاوٕیُل ...... مستس اوس کرٕ گرِتھ تہٕ ناک نقشہِ کنِہ اوس نہٕ تیوٗت وُسوار باسان تہٕ لیس نفرس پتھ کُن دقہٕ دِتھ سُہ اندر آوسُہ تہٕ ژاو اُمس پتے کمرس اندر تہٕ پھیوٗک دباوٕ تِھ نرِ تھپھ گرِتھ ہیوٚتُن نمبر کڈُن ...... سُہ اوس جیلک داروغہٕ ...... تِمی چھرٕ اوگنے درسہٕ دِتھ تس نشہِ نرٕ۔

واریاہ نفر اٲسی دروازس پٔتھ بیتاٲبی سان تماشہٕ وُچھان ...... کینٛژو گرژبل ژیلہِ منز اندر اژنٕچ کوشش ...... یہِ سوٗرے کینٛہہ سپُد بڑ زن منز۔

"گژھ سا نیر نمبر ...... ژٕ چھے نہٕ کانٛہہ جلدی ...... ژٕ پزاریوٚ تام ژٕ نادواتی! ہے توہہِ کیاہ زِ اوٚ نوون یہِ یوٗتاہ سُلی؟" پرافری پیٹر ووچھن ووہن ہُمن سبٹھے برہمی اندر ...... باسان اوس تِمی یہِ سوٗنچمت اوس تتھ گوس تلک پٔتھ!۔

اُتھی منز پیوٚ وسُہ تِمس کھوٚرن۔

"ہے ذٕلیل کیاہ چھے" پرافری پیٹر ووچھن پژ ژھنس ہکہٕ ...... حاٗراٗنی اندر۔

"یہ چھُس اکھ قصوروار ...... یہِ گوناہ چھُ میے کوٚرمُت ...... یہ چھُس قاتل ...... یہ چھُس خوٗنی ...... تِمی نفرن ووہن تھکھ دی دی مگر بہ آوازِ بلند۔

دٔہن سیکنڈن روٗزژھوپہ زنتہٕ ساری چاٗرِ اٲسی تِتھی دم بخود گیہِ داروغہٕ کھوٚت پتھ کُن تہٕ مشینی اندازس منز ووت دروازس نِش تہٕ روٗد کوٗٹ ہیوٚ وودنہٕ۔

"یہ کیاہ فاطراٗزی چھُکھ ونان" پرافری پیٹر ووچھن ووہنس تھدِ ہٹہِ ...... رژھ کھنٛجہٕ ہنٛز بدحواٗسی پتہٕ ہوش سنبالِتھ "ژٕ ما چھُکھ پاگل؟ نِکولائی"۔

"نہ ...... یہ چھُس خوٗنی" رژھادم دِتھ ووہنس نِکولائی ین دُبارٕ۔

''کیا.....ژےٚ.....ک.....کٔمۍ سُنٛد خوٗن کوٚرُتھ؟ پرافری پیٹرووچ اوس یقیناً وُنۍ کبس زن رووُمت۔

نِکولایی رٕو دیٛپہِ برٛنزس کھنٛڈس ژھوپہٕ کٔرِتھ۔

''اعلیونا تہٕ تٔہنٛز بینہِ لِزواتایہ ہُنٛد.....مےٚ.....مارِ.....اکہِ تبرٕ ستۍ.....مےٚ اوس انیوٚ پیومُت'' تٔمۍ ووٚن مزید تہٕ رٕو دیٛپہِ ژھوپہٕ کٔرِتھ۔

سُہ اوس وُنہِ تہٕ نٔمۍ تھے..... پروافری پیٹرووچ رٕو درژھہِ کھنٛجہِ اُچھ زٕ بند کٔرِتھ تہٕ بتھِس پیٹھ اتھہٕ زٕ تھاوِتھ تمہِ آیہِ گردن مٔنۍ گاڈِ پیٹھ تڑ اُوِتھ استاذٕ زنتہٕ دَلیس اوس مددمنگان.....اُتھۍ منٛز زنتہٕ بیٚدار گژھتھ دٕژن پانس دِنن تہٕ گوٚ وتماشہِ بیٚن گُن تٔمن چھگ دنہِ.....تمہٕ ژٕلی اشارٕ ستۍ اَکس لحظس اندر تہٕ کوٚرُن درواز بند.....پتہٕ کٔرن رَاسکولِنکافس نظرہ یُس نِکولائی لیس ہٲبتناک نظروُچھان اوس تہٕ پوٚک تُسۍ گُن..... کیٛنژھہ قدم پکِتھ تھے کوٚرُن تأمُل تہٕ اکہِ نظرلوٚگ رَاسکولِنکافس تہٕ بیٛیہِ نظرِ نکولائی لیس پھِرِ پھِرِ وُچھنہِ پتولاکن کٔرِن نِکولائی یَس زٕہٹھ مُدے باسان اوس زِ سُہ چھُنہٕ پانٕ ڈنٛجہِ تھاوِتھ ہبکان گُنے گرٛہنٛز کٔرِتھ ووٗ تھس خشمہٕ ہوٚت..... ''ژےٚ آسی مرٕچ باثبر کولہِ!'' بُمہٕ چاٲرِتھ وونُنس..... ''مےٚ یا گوٚ وژےٚ پرٛژھے ژےٚ کیاہ اوسے تمہِ وِزِ دمباغس گومُت.....پوٚ زون.....ژےٚ کٔری تھکھہٕ تمہٕ قتل؟''۔

''آ.....بہٕ چھُس تٔہنٛد قاتل.....بہٕ چھُس گوٲہی دِنۍ یژھان.....ثبوت پیش کرُن یژھان'' نکولائی ین نیوٚ اعلان کٔرِتھ۔

''آ.....اکھ.....ژےٚ کمہِ ستۍ مٲری تھکھ تمہٕ؟''۔

''تبرِ ستۍ.....یوسہٕ مےٚ تیار اُس تھاوِمژ''۔

''اَ.....اکھ.....یہِ چھُ کولُل.....موتہٕ بل واتُن یژھان.....کُنے زون آ؟''۔

نکولائی یَس توٚرنہٕ سوال فکرِ۔

''دۆپ یمےٚ ژےٚ کۆر تھاگنی ژٕنۍ یہِ؟''۔

''اِ...... یہٕ اوُسُس گُنے زۆن......مٹکا بچور چھُ بے قصور......توہند چھٕنہٕ اتھ مٕنز کانٛہہ تہِ اتھہٕ۔

''مٹکاسنٛز فکر تۆژ اوژ......اَ......اکھ......تیلہِ کتھہٕ کٔنی ؤتھیٖ وِتوٚ ہیٚ دوشوے اکھ اَکِس نالس تھپھ تۆژ اَوِتھ آنگنس اندریتہِ توٚ ہیٚ دربانوٗ چھوٚ۔

''مےٚ دۆپ تمن گۆژھنہٕ مےٚ پتھ شک گۆڈھن......بۆ ے دوریوس مٹکاہس پتے......نِکولائی ین دیُت فی الفور جواب زنتہٕ گوڈے جواب تیار اوُسن تھوومُت۔

''یہٕ اوُسُس یہِ زانٛتھ'' پرافری پیٹرووچ اوس زنتہٕ چھکرنہٕ آمُت ''یہِ چھٕنہٕ ہرگزتہِ اوہند قصہِ یہِ چھُ اپٕز ونان'' سُہ زنتہٕ خود فراموشی اندر پانٛی پانس ونان اوس...... اَتھیٖ منٛز تۆژ اَوِن دفعتاً رَاسکولنکافس کُن دُبارٕ نظر۔

ظاہر چھُ نِکولائی ین آوٕرو تُنُد دِبماغ تتھہٕ کٔنی زِ بۆنٛزس کھنڈس گۆوتس رَاسکولنکاف مشرٕ بے تہٕ تس پیٹھ نظر پتھ گۆو سُہ زن تۆژبن تہٕ ترٚوٕہن۔

''ہے میانہِ ٹاٹھہِ روڈیا رامانووِچ۔یہٕ چھُسے معأفی منگان'' سُہ گۆو ووٗٹی تس بۆ ژونہہ کُن۔''ہُپ دُپ مولاگ۔مےٚ چھُ باسان ژےٚ بزی ووٗنی نیرُن۔چون یِیتہِ ووٗنی ٹھہرُن چھٕنہٕ جان۔یہٕ ونے......وٕچھتہِ کیا تعجب چھُ! ژٕ نیر تیلہِ......خدا حافظ'' تہٕ نۆژھِپھ کرِتھ واتنووُکھ سُہ دروازس تام۔

''مےٚ چھُ باسان ژےٚ اَسے نہٕ اچھ ووٗمید؟'' رَاسکولنکافن وۆنُس یُس وُنہِ دُوانٛس منٛزٕے اوس زِ اصل صورتحال کیا سپُد مگر پانس اندر اَسس سرتاز ہمتھ آمٕژ باسان۔

''ژیٚتہِ اَسے نہٕ پانس اچھ کانٛہہ ووٗمید میانہِ یارٕ! وُچھ تھرٕ تھرٕ کیاہ چھے اتھن ہی ہی''۔''آ ژٕ وُچھ پانس کانٛژاہ تھرٕ تھرٕ چھے۔ پرا وفری پیٹرووچ!''۔

''بالکل......مےٚ چھےٚ سأری ہے پانس تھٔر......مےٚ اوس نہٕ یہِ سوٗنچمت تہٕ''۔

تم أسی دروازس پیٹھ وأتیتھ کتھ کران تہٕ پرافری پیٹر ووچ اوس بےٚ تاب زِ رٲسکولنکاف کرِتہٕ کٔڑ گرِ نیرِ۔

''تہٕ چون سُہ لوکُٹ موکُٹ تماشہٕ......ووٚنی ہاوکھنا مےٚ'' رٲسکولنکافن ووٚنُس طنز کٔرِتھ۔

''کیاز زِ......کتھ کرنہٕ وِزِ کأژاہ دَند ٹکر چھےٚ اژان، ہی ہی ہی......بڑٕ مذأقی چھُکھ ژٕ......نیریوٚ تام بیٚیہِ سمکھو''۔

''مےٚ چھُ باسان اسہِ پزِ اکھأ رکس الوداع کرُن''۔

''تہِ چھُ خدایہِ ہٕنٛدِ بن اتھن منز'' پرافری پیٹر ووچن ووٚنُس یکدم ٹلی وُٹھ گُمنأوِتھ۔

ییٚلہِ رٲسکولنکاف کمرِ منٛزٕ پکان اوس......تس أسی واریاہ نفرُ وُچھان......تمن منزٕ وُچھُ تمیٚ فلیٹکی دربان زِ تہِ یم تنبتھ پٔنٕنہِ وارِ مُلاقاتس پزٕ اران أسی مگر تِتھےٚ سُہ ہیرن پٮ۪ن وسنہِ لوٚگ تس گیہِ پتیٚ رکٔنی پرافری پیٹر ووِچنی آواز کنن......تمیٚ پھِر گردن پتھ کُن تہٕ لتہٕ وُچھُن پرافری پیٹر ووچ پتہٕ دوران ییس شأنٛش کھٔژٕ مژٕ أس۔

''اکھ کتھ ونے روڈیا......یہِ معاملہٕ کتھہٕ پأٹھی واتہِ اند تہٕ چھُ سورُے خدایہِ ہٕنٛدِ بن اتھن منز مگر قأید مطأبق چھِ مےٚ کیٚنہہ سوال وُنہِ ژےٚ ضرور پزٕ ژھنی......لہٰذا پزٕ اسہِ بیٚیہِ سمکھُن......چھُنا ٹھیک؟''۔

پراوفری رۄد کوٚٹ ہیوٚ کھٔڑ اتس وُچھان۔

''سمکھوٚ بیٚیہِ کُنہِ؟ تمیٚ پزٕ ژھُس دُبارٕ۔

باسان اوس سُہ اوس بیٚیہِ تہِ کیاہ تام وُنن یژھان مگر ہیوٚ کنہٕ وٕنتھ۔

''ژٕ دی زمےٚ معأفی......پراوفری پیٹر ووچ یہ کیٚژھاہ ووٚنی چأنس دفترس

منز میانہِ جانِبہٕ سپُد ...... مےٚ گرنا تلخ کلٲمی'' رَاسکولنکافن کوٚر روٗنُن شروع ...... یس اتھ دوران ییٚہِ ہیمتھ پاڈٕ گاٚمژ اٲس ...... تس گوٚو پننہِ بےٚ تٲبی تہٕ بےٚ صبری ہُند احساس تہٕ ووٚنی اوس پننہِ نرمی تہٕ ٹھنڈٕ دلی ہُند مظاہر کرُن یژھان۔

''کینٛہہ چھُنہٕ ...... یہ چھُ نِباوُن آسان'' پرافری پیٹرووچن دیُتس جواب پھولِونہِ بُتھہِ۔

''مےٚ چھُ پانس تہِ ...... بہٕ کیٛاہ ونے مےٚ چھُ پانس تہِ گندٕ مزاز ...... یمیُک بہٕ اعتراف کران چھُس ...... مُشر اویہِ سوٗرے تہٕ اسہِ پیٚیہِ ییٚہِ سمکھن ...... اگرے خدایس یژھُن اوس اٲسی لگوا کھاٲ کُس واریاہ اکاربکار۔

''ییٚہِ ترِ اکھاٲ کُ سُنٛد طبیعت تہِ فکرِ ...... پوٚرٕ زانکٲری گژھہِ ......رَاسکولنکافن وڈنُس۔

''بالکل اکھ اکھ سٕنز پوٚرٕ زانکٲری گژھہِ'' پرافری پیٹرووچن وڈن اتفاق کران تہٕ اٲتھی ستی ترٲوِن اچھ زٕ چاٲرِتھ رَاسکولنکافس سٕرٛنی نظراہ'' ووٚنی چھےٚ ژےٚ بٔرتھ ڈے پارٹی منز شرکت کرنہِ گژھُن؟ چھُنا''۔

''نہ ...... نہ جنازٕ پرنہِ''۔

''آ ...... بالکل جنازٕ پرنہِ ...... اچھا نیر تیلہِ پٔنُن خیال تھاٲوِ زِ خداے کاٚسی نے دوڈ''۔

''مےٚ چھُنہٕ مولوم مےٚ کیٛاہ دعایہِ خاٲر پزِ ژےٚ کرُن'' رَاسکولنکافن وڈنُس تیٚمہٕ ووٚنی ہیرن بوٚن وسُن ہیوٚتمُت اوس تہٕ پوٚت نظر دِتھ وڈننس ...... ''مےٚ پزِ چانہِ کامیابی خاطرٕ دُعا کرُن تہٕ ستی ونے چون دفتر چھُ مسخرن ہُنداڈٕ ...... مےٚ چھُ اُسن یِوان!''۔

''کیٛازِ؟ اتھ منز کیٛاہ چھُ اَسنس لایکھ؟'' پرافری پیٹرووچ اوس واپس نیرنہِ خاطرٕ پھیوٚر رمتےٚ زِ کتھہِ ہِنٛدِ امہِ نیٖرٕ ستی کن کھڑا گژھِتھ وڈننس باز پھیرِ تھ۔

''وُچھمنا۔ أمِس بچاَرِس نکولایِ لیس کوٚتاہ تکلیف آسکھ دیُتمت۔ کأژاہ دِماغی پریشانی آسہٕ ہس گرٕمژ۔ ییٚنا توہہٕ عادتھے چھُوٚ یِوٚ تام بچاَرِس اقبالِ جرم کوٚرُن۔ دوہ راتھ أسیوٚس بچاَرِس دباوتھ اوان رٕوٚدی مِتۍ تہٕ ثابت کران رٕوٚدی مِتۍ زِ سُے چھُ خوٗنی تہٕ بچاَرِس ییلہِ ووٚنی اقبال جرم کوٚرُن ووٚنی تُلۍ ہُوس نوِسرِ مُسلہٕ......ووٚنی ونہس ژٕ اپُز چھُکھ ونان...... ژٕ چھُکھنہٕ قأتل......ژٕ ہیکِکھنہٕ قأتل أسی تھےٚ......ژٕ ے چھُے خبر کمۍ پٕٹ پرٕمژ تہٕ تی چھُکھ ونان! یہِ چھُنا کأفی ییمہِ کِنۍ ژٕ مانکھ چون دفتر چھُ جوکرن ہُند اڈٕ......ژٕ ے پےٚ یی امیُک اقرار کرُن!''۔

''ہی ہی ہی گوٚو ژٕ سینیوکھاتھ زِمےٚ ووٚن وِنی نِکولائی یَس یہِ سبق چھُے ژٕ ے خبر کمۍ پوٚ رمُت یہِ ژٕ ونان چھُکھ''۔

''یہٕ کیٛا کٔنہ اوسہٕ ساتھوٚپ دِتھ؟''۔

''ہی ہی ہی......دِماغ چھُے واریاہ تیز......پزٕ بتھ چیزس چھُکھ سنان...... دراصل چھُے ظوٗن ڈراما نویسن ہُند ہیوٗ! تہٕ نظر چھُے اسہٕ وِنی ہے پہلوہس کُن روزان......لکھار بن مژٕ چھُ یہِ صفت فقط گوگولس اوسمُت''۔

''آ گوگولسے اوت!''۔

''آ گوگولسے اوت! تیٛلہِ چھُسے بہٕ ملاقاتس پراران''۔

''تیٛلہِ نیرا بہٕ''۔

رَاسکولنِکاف گوٚو لتہِ پٹھہٕ سیوٚدُے ڈیرِس پٹھ تس أس نہٕ کانٛہہ توژھا......سنٛگیرِس مژٕ اوس......گرٕ واتونُے تژ ووٚتمۍ پان صوفس پٹھ......منٹ پنداہ مرٕ رُوٚدأتی چھکراونہٕ آمتۍ خیال یکجا کرنٕچ کوٗشش کران......تمۍ کرنہٕ نِکولائی لیس نسبتھ سوٚنچنٕچ کوٗشش تہٕ......تمۍ اوس سُہ پاگل کوٚرمُت......تس گوٚو احساس زِ توٚہند اقبال جرم چھُ حأران کُن......ناقأبلِ فہم تہٕ ناقأبلِ وضاحت مگر اکھ حقیقت......امہِ حقیقژ ہِنٛز نتیجہ سیٛدی

یکدم تٔہندِس ذیہنس منز صاف ......تم کرن دوِدتہٕ آب الگ ......یہ کرن ضرور ثابت زِ توہند اقبالِ جرم چھُ اپُز تہٕ یہ دریافت کرنس منز کھسن نہٕ ہرگز تہٕ دوکھہٕ ......اِد کیاہ امہِ پتہٕ لگن بیٚیہِ مےٚ پتہٕ ......خاٲر کہنی نے تہٕ تۄ تام چھُس بہٕ آزاد ......تیتِس کالس پزِ مےٚ کینْہہ کرُن تہٕ چھُ بگٹُن کیا زِ خطرٕ چھُ نۄن تہٕ واضح اتھ لگہٕ نہٕ تاٲر۔

"مگر کۄتاہ نۄن تہٕ واضح ......تس سپُد پٔنُن صورتحال وارٕ وارٕ واضح ...... پرافری یس ستی پننہِ ملاقات چھِن وِچھن تہٕ وِچھن کتھن ہُند خاکہٕ یاد کران کران گوٚ وتس بیٚیہِ لرزٕ طاری ...... پرافری سُند مقصد کیاہ چھُ تہٕ ماتۄ رتس فکرۄ نہٕ ......تمی کیازِ ن اندازٕ لگوو تہٕ ماہیوٚ کُن معلومے کرِتھ ...... حالانکہ کم کاسہٕ کوٚر تمی پٔنُن ارادٕ واضح تہٕ راسکولنکافس علاوٕ کُس اکھاہیکہٕ تہٕند بن منصوبن ہُند اندازٕ لگاوِتھ زِ اگرے سہٕ پننہِ چالہِ ہنا سرس روزو تیٚلہِ نتیجہ آسہِ ہے درامُت تہٕ اگرے بیٚیہِ پھِراہ تِتھے مجادلہٕ کرِہس تہٕ سہٕ ہارِ ہا ہمیتھے تہٕ ونہِ ہے ماجہ ہُند دوہ تام تتِنس ...... پرافری پیٹروِچس تۄر گوڈے فکرِ زِ راسکولنکاف چھُ وبسر یومُت حالانکہ جرتہٕ سان اوس ڈٹِتھ مگر پرافری تارِہس ضرور بأزی ......ستھ منز تہٕ چھُنہٕ کانْہہ شک زِ راسکولنکافن اوس پننہِ ؤطیرٕ ستی پانس خاطرٕ خطرٕ پأدٕ کوٚرمُت تہٕ ووٚنی اوس مشکلس منز ہینہٕ آمُت حالانکہ وُنیُستام اوسُن نہٕ کانْہہ ٹُھر ترٛ وومُت ...... یہ کینْژھاہ وۄنُن تہٕ اوس نہٕ کہنی تہٕ تس خلاف گژھان ......مگر سہٕ اوسا پزی اصل صورتحالن ہُند جأیزٕ ہوان سہٕ ما اوس غلط فہمی منز ...... پرافری کور کُن اوس تمِس پکناوِنچ کوشش کران ......تمی اوسا پزی کانْہہ تعجبالوکٹ موکٹ تماشاتٔہندِ خاطرٕ پچہِ تل تھوومُت ......اوسے تہٕ اوس کیاہ تیٚلہِ؟ سہٕ اوسا پزی کانْسہِ پرٛاران کنہٕ نہٕ؟ تم رکتھہٕ سپدہن روخصت اکھاہ رکس نِشہٕ اگرے نکولائی ستھہٕ گٔنی بۄد سپد ہے نہٕ؟

پرافری پیٹروِچن اوس تقریباً تمام ترٛ پھ پٹن ہُند شوکوٚرمُت ......اتھ منز چھُنہٕ شکے کانْہہ زِ پننی چالٕ پأوِتھ اوس سہٕ خطرٕ ملی ہوان ......اگر تس پتھ کُن بیٚیہِ کینْژھہ آسہِ ہا

(رَاسکولِنکافن سُوٗنچ) سُہ کرِ ہے تمیٚگ تہِ اظہار......سو چال تہِ ہاوِ ہے......مگر سُہ ''تماشہٕ'' کیٚا اوس ہاوُ ن یژھان؟ سُہ اوساجتہٕ کران؟ کنہٕ کینٛہہ معنی مطلب اوسُس ......تمیٚ مااوس کانٛہہ ٹھوس ثبوت ژۄ رِتھو ومُت ...... کُنہِ حقیقتس ما اوس وُنہِ کھٹۍ تھٕ تھاٲوِتھ......سُہ یوٗک ملاقاتی کُس اوس؟ تمیٚ کیٚا سنا آسہِ وۄنمُت......اما ازکتہِ سنا اوس سُہ؟ اگر ے پراوفری لیس نِشہِ کانٛہہ ثبوت آسہِ تیلہِ آسبس تمیٚ وۄنمُت کینٛہہ......''۔

وۄنی بیۄٹھ سُہ صوفس پیٹھ یتھہٕ کٔنۍ زِ کھونہٕ وَٹ زٕ تھاٲوِن کوٗٹھن دوٚن پیٹھ تہٕ اَتھن منٛز تھووٗن پنُن بُتھ بند......وۄنی اوس تس بدن نٹان......سُہ گوٚ وبیقرار......آٲخر وۄتھ سُہ تھوٚ دٹوٗپۍ تُجن اَتھس کیتھ......رژھا توقف کٔرِتھ دراو دروازس کُن۔

تس اوس خطرک احساس مگر کم ازکم ازدوہہ خاطرٕ اوس پان خطرٕ نبر زانان...... از اوس اکہِ رنٛگہٕ شادمانی ہُنٛد احساس تس......لہٰذا اوس وٚلی وٚلی کیٚٹر ینایہ ہُنٛد گژھُن یژھان......سُہ اوس زانان زِ وۄنی ہیکہِ نہٕ سُہ جنازس منٛز شرکت کٔرِتھ مگر فاتح ِکس موقعس تام واتہٕ تو رتہٕ تتہِ گژھبس ضرور سونیایہٕ ستۍ ملاقات۔

رژھہِ کھنٛجہِ رۄ دوودنہِ رۄ زِتھ کیٚا ہتام سونچان......وُٹھن پیٹھ اوس زہرخند کمجار أندرِم کرب بیان کران...... ''ازدوہہ......آ......ازدوہہ'' پانسے ستۍ اوس پھرِی پھرِی ونان'' آ......أزی دوہہ چھُ......لہٰذا گژھہِ یہٕ'' أتھی ستۍ اوس سُہ دروازٕ منٛز راونس تیار زِ دروازٕ ہیوٚتُن پانے یلہٕ گژھُن......تمیٚ کٔڈ وۄٹھ تہٕ پوٚک پتھ کُن......دروازٕ گوٚ ولوٚت لوٚت تہٕ وارٕ وارٕ یلہٕ تہٕ اورٕ گوٚ واکھ شخصاہ پاٲدٕ......سُے یوٗک ملاقاتی یُس زنتہٕ تل پاتالہٕ کھوٚت وو۔

سُہ شخص رۄ درژھہِ کھنٛجہِ دروازس پیٹھ......رَاسکولِنکافس کُن تژٕ اٲدِن کینٛہہ وننہٕ کرنہٕ رۄستےٚ نظراہ تہٕ أتی ژاوِ کمرس اندر......سُہ اوس ہوٚبہوٚ یوٚکُے نفر......سُے قدوقامت سُے پوشاک......مگر تتھِس نفرس آسٕ وارِیاہ تبدیلی آمٕژٕ......سُہ اوس

ووداُسۍ تہٕ غمگین باسان......زیوٗٹھ ووش ترٛ وٗن......اگرے سُہ پٔنن اتھہٕ روخس پیٹھ تھاۓ وِتھ اکہ اندٕ گردن نوٚ مراوِہے سُہ باسہِ ہے زنتہٕ اکھ گزٕ پسی بارے چھےٚ۔

''......ژےٚ......ژےٚ کیا گژھی؟'' رَاسکولنکافن وۄنُس ترٛ ہرِتھ۔

''نفرن وۄنُس نہٕ وُنہٕ تہِ کینٛہہ البتہٕ نمیووبون گن تہٕ لگ بگ وۄتھ پُتھرِس ستۍ نسریخ کرٕنکہِ آیہِ اوٚنگجہِ پیٹھ لڑھ تُلِتھ مژھن پننِس ڈبکس۔

''یہِ کیا چھُکھ کران ژٕ'' رَاسکولنکافس ژٔج کرٕ بکھ نیرِتھ۔

''مےٚ چھُ گوناہ کوٚرمُت'' نفرن وۄنُس لوٚت لوٚت پشیمأنی منٛز۔

''کیاہ گوناہ''۔

''ناکارٕ خیالاتو کنٛز''۔

دوشوے لگی اکھأکِس وُچھنہٕ۔

''مےٚ کھوٚت تمِس ییلہِ ژٕ تورآیوکھ شایداوسُتھ چوٚمُت تہٕ دربانن وینوتھ تھانس پیٹھ پکو تہٕ ییلہِ پرٕ ژھ تھکھ رتھ کیٛتھ چھُ......یہٕ گوس تمن ناراض ییلہِ تموژےٚ نیرنہٕ دیُتے تہٕ اکھ شرأبی زأنِتھ ترٛ وہکھ......شرارتہٕ ستۍ چھنہٕ مےٚ راتس ننٛدرِ زولہٕ تہِ آمو ......چون اتاہ پتاہ مولوم کرِتھ آے یورتہٕ کوٚرژےٚ متعلق دٔریافت۔

''کُس آو''۔

رَاسکولنکافن پرٕ ژھُس منٛزے کتھ ژٕ ٹتھ کیاہتام ژتبس پاوان پاوان۔

''بہٕ آس......مےٚ کوٚرژےٚ ستۍ بد......غلط گمانہٕ کوٚرُم''۔

''ژٕ آکھا تمی فلیٹہٕ پیٹھہٕ؟''۔

''بہٕ اوسُس تمن ستۍ گیٹس پیٹھ تمہِ وِزِ......ژےٚ چھےٚ نا یاد؟ اسہِ ووت واریاہو دٔری یو پیٹھہٕ تتہِ کارخانہٕ چلاوان......أسۍ چھِ بستہٕ گری......اتھہٕ کامہِ منٛز چھِ أسۍ ماٗہر ......کاٗم چھی أسۍ اکثر گرے نوان......سارِوے کھوتہٕ زیادٕ شرارتھ کھوٚتمُ زِ......'' تہٕ

یوٗک گیٹہٕ پیٹھُک سورُے منظر آورَ اسکولن کافس أچھن تل......تس پیوٚ ویاد تتھ اَسی دربانن علاوہٕ بیٚیہِ تہِ واریاہ نفر یمن منز کینٛہہ زنانہٕ تہِ آسہٕ ......تس پیوٚ وأ رکس نفرٕ سُند یہِ وُنن یاد زِ یہِ نیوٗن تھانس پیٹھ......یہِ وَنن وول کیُتھ اوس بُتھہِ تہِ ہیوٚ کنہٕ وٗنس تل أنتھ تہٕ بٔنی کینٛس تہِ ہیوٚ کنہ پزٕ بزنأوِتھ البتہٕ یہِ بیوس یاد زِ پتھ پھیرِتھ دِژون تس کیاہتام جواب۔

''گوکہِ یہِ دراویوکہِ خوفناک مشکلک حل'' امیُک شرمناک پہلو اوس یہِ زِ اتھ مومولی کتھہِ پیٹھ کریون سورُے ألی الام سٔلی الام کوٚلہِ پھرٕٹھ گرٛشِتھ کریون تقریباً پان پورے حوالہٕ پُلسس......یہِ نفر کیاہ یکہِ بیٚمہِ علاوٕ وٗنتھ تمن زِ یہِ اوس فلیٹس تہٕ خوٗنس نسبتھ پزٕ ژھان......گوٚ وپرافری لیس نِش اوسنہٕ ''میٛانہِ وبسر یوومُت'' آسنہٕ سوا بیٚیہِ رکھنٛ تہِ نفسیأتی طور ووٗنت وُچھنہٕ ورأ ے یوسہٕ دُدأرتلوار چھےٚ، رکھنٛ تہِ شبقٕ ثبوت چھُکھنہٕ تہٕ لہٰذا اگرے تمن بیٚیہِ کینٛہہ شاہ پتاہ میلنہِ (تہِ گرٛشکھ نہٕ میلُن تہِ......ہرگز تہِ گرٛشکھ نہٕ میلُن) تیلہِ کیاہ ہکن کرِتھ......تمہ ہکن نہٕ گرفتار کرنہٕ باوجود تہِ سزادیأوِتھ ......تہٕ تمیُک مطلب گوٚ وپرافری ین اوس تمی وِزِ فلیٹک معاملہٕ بۆزمُت تہٕ تمہِ بڑٕ وٚنہہ چھُس نہٕ رکھنٛ تہِ پے اوسمُت۔

''پرافری لیس وۆنتھا ژیےٚ زِ......بہٕ اوُسس تور گومُت''۔

خیال تہٕ تھےٚ وۆن تمٕی ہکہٕ سان أمس نفرس کُن۔

''کُس...... پرافری مطلب؟''۔

''سراغرسأنی ہنٛدِ محکمُک سربراہ''۔

''آ......دربان گیی نہٕ تور مگر بہٕ گوس......آ''۔

''أزی یا؟''

''بالکل......چانہِ ینہٕ بڑٕ وٚنہہ اوُسس بہٕ محض منٹ جوراہ ووتمت...... تہٕ اوُسس بوزان......رکتھہٕ کُنی کوٚ رنکھ پریشان......مےٚ بۆزتہٕ سورُے!''۔

''کتہِ؟ کیاہ؟ تہٕ کر؟''

''ژٕ ے پھُے ناپتاہ......دوٚیمس کمرس اندر......بہٕ اوسُس سأری ہے وقس تتی بہتھ''۔

''کیاہ؟ گونا آ......ژٕ ے اوسُکھ لوکُٹ موکُٹ تماشہٕ......تعجب؟ مگر یہِ کتھہٕ سپُد؟ مےٚ نے چھُنہٕ فکری تران!''۔

''مےٚ ییلہِ فکرِ تو رزِ دربان چھُنہٕ میانہِ مشورٕ مطأبق پکان'' أمی نفرن کوٚرکلامہٕ شروع۔

''وونی گوواریاہ ژٕیر''، تم وٕتھی مےٚ......''بنان چھُ افسرتہِ ماگرٕھہِ اسی ناراض تہٕ ونہِ تمہِ وزِ کیاز اأیونہٕ......اِد سامےٚ اوس گوڈے شرارتھ تہٕ مےٚ أس ہنٕدٕ رتہ نیہہ گژھ......مےٚ لوٚگ پانے پرٕژھہٕ گأرکرن تہٕ یوٚلوٚگم پتاہ گرٕھُن کوٚت چھُم تہٕ ازگوس......گوڈنچہ لٹہِ ییلہِ گوس سُہ اوس نہٕ تتہِ......پتہٕ ییلہِ اکھ گنٹہٕ پتہٕ بیٚیہ آس تمٕ کی دیُت نہٕ ملاقاتے......بہٕ گوس پتہٕ ترٕ یمہِ پھِرِ تہٕ تموتزٕ ووٚس اندر......مےٚ وونُن تمٕس بأنہٕ بأنہٕ سوٗرے......یہِ کیٖژھا سپُد مُت اوس......اتھ دوران روٗ دُسہ اتھہٕ موٗران تہٕ وَچھ دگان

''بیوقوفو......وونی کیاہ نیرِ امہِ تلہٕ؟ اگرے مے اچھ خبر آسہِ ہا ئژھ مےٚ آسہِ ہاسُہ......گرفتار کوٚرمُت! پتہٕ گوٚو گنی ووٹہِ نبر......گستام اوٗنُن پانس ستی......کوٚنس منز گرٕن تس ستی کیاہتام کنہٕ پھسراے......تمہِ پتہٕ کوٚرُن مے گن روخ سخ فضیحت تہٕ واریاہ سوال گرٕ ی نم......تمٕی کیاہ حال بنوومےٚ......مےٚ ووٚنمس زِ ژٕ ے پرٕ ہنو وتھس نہٕ بہٕ کینٔہہ......امہٕ ستی گوٚنڈُن تس وارے نار تہٕ لوٚگ کمرس منز پاگلہٕ ہندی پأٹھی اورٕ یور کرنہٕ تہٕ سپنہٕ کوٚبی کرنہٕ......پتہٕ تھُے چانہٕ پنچ شیچھ وأژس تمٕ ی دیُت بیٚیس کمرس منز اژنک حکم دوٗپنم تامتھ بیہہ أتی......دوٗپنم ینہٕ حرکت کرکھ اگرے کینٔہہ تہٕ بوزکھ......اکھتے لاگناوٕن گُرسی کمرس منز......دوٗپنم یہِ کیٖژھا تہٕ بوزکھ ستھ بتھ گرٕ ی زِنہٕ......

دروازس تھوٗن نیٚبرِ کُلف کٔرِتھ "شاید" ستی وۄنُن ضرورت ماپیٚیم تیٚلہِ بُلاوتھ بہٕ......
پتہٕ ییٚلہِ نِکولائی اندراوٗ نٕکھ تہٕ ژٔترٕ وونکھ أتی دیُٹن مےٚ نسبر نیرنہٕ......دوٗ پنم پرٛژھہٕ گأر کرنہٕ خأطرٕ ماپہکھ مےٚ دُبارٕ طلب کرُن......یادتھأوی زِ!"۔

"نِکولائیس پرٛژھاتھ کینہہ ژٔےتھی؟"

"سُہ اوس دراصل یژھان تس پرٛژھہٕ گأر کرنہٕ برٛوٚنہہ گرٛژھ تس چأنی پأٹھی مےٚ نِشہِ تہٕ تھسھ ووٚ تھنٛز۔

یہٕ نفرنمیو وہنگہٕ منگہٕ پیٚیہٕ بون کُن تہٕ نسریکھ اوٗ نگجہٕ ستی دیُٹن پتھرِس خط ہیوٚ......
یہے اوٗ نگج ڈٕکس مِلتھ ووٚنُن تس۔

"مےٚ دِمعأفی تُتھین ناکارٕ خیالاتن تہٕ یِژھ تہمت لاگنس پیٹھ"۔

"خدا ےٚ کٔری نے معاف......بہٕ کُس چھُس" رَاسکولنکافن ووٚنُس درجواب۔
"تُتھے تُمی یہِ ووٚنُس یہِ نفرنمیو پیٚیہٕ مگر پتھرِس ٹُچ کرنہٕ باپتھ نہٕ بلکہ ادب رچھنہٕ تہٕ نیزمی ہاونہٕ خأطرٕ......وارٕ وارٕ پھیوٗر پتھ کُن تہٕ دژاوکمرٕ منٛزٕ نیبر۔

"یہ چھےٚ پرٛزی دُدأرشرٛاکھ......آ......دُدأرشرٛاکھ" یوسہٕ دوٗشوی اندوژتان چھےٚ۔ رَاسکولنکافن ووٚن پھِری پھِری تہٕ دژاونبر برٛوٚنہمہِ کھوتہٕ کتہِ کور زیادٕ اعتمادٕ سان۔ "ووٚنی گئے کھیٚنہٕ منٛڈٕ میٚنتھ" تمی ووٚن ہیروسوٗن پانس ستی کینہہ دوٗ ززہرخند کٔرتھ۔ سُہ اوس دراصل پانسی قصاص ہورُن یژھان۔ تس وٕژھ کھرٛ لیس تہٕ ملامت سپزٕ س۔ "......تُتھے پنٕنی بُزدالانہ حرکت یادپیٚیس، جانہٕ مأرس واتہٕ"۔



# باب پانژھ

## (۱)

پیٹر پیٹر ووچ لُذٕ ہن ییلہِ صبحنس بسترٕ منٛز دراوتس اوس دۄنیاتہٕ تہنٛزٕ ماجہِ ہٕتی سپزٕمژِ کالچہِ ناچاقی ہُنٛد سخت بار باسان۔ کأژاہ بدمزٕگی گیہِ امہِ ملاقاتہٕ ہٕتی زراتھ تام پسنٛدِ خیالہٕ وونٛدس شہلتھ تہٕ سکون باسان اوٗسس تہٕنٛدی کِنہِ اوٗسس ووٗنی ژُبدر ووتھان۔ شادمأنی روخصت سپدتھ اوٗسس مویوسیہِ نال وۄلمُت۔ تس اوس نہٕ وہمہٕ گمانس منٛز تہِ حالات بدلن یِتھہٕ پأٹھی۔ تہٕنٛدِ نخوتُک کالہٕ سرپھ رۄدتس رأتی راتس وأنٛج کۄران۔ بسترٕ منٛزٕ نیرِ تھے گۄوسہٕ شیشس تل بُتھ وُچھنہٕ۔ تس باسیو زنتہٕ کاملہٕ ژٕٹھ ترووُمت چھُ حالانکہ صحتہٕ کِنہِ اوس اۄردۄر۔ پننہِ روب دار تہٕ چٹہِ پرٕینہٕ بُتھیُک یتھ پٹھ تس کینٛژٕ کالہٕ پتھٕ موچرِکی آثارٕنٕی پأٹھی بوزنہٕ یِوان أسی پۄرٕ پأٹھی جأیزٕ ہیتھ گۄوتس اطمینان ہیوٗ پأدٕ تہٕ یکدم آس خیال زِ سُہ کر پانس خأطرٕ نۄو جوڑی در تلاش بلکہِ أہنٛدِ کھوتہٕ بہتر۔ امہِ ہٕتی گوس تسلا ہیوٗ۔ مگر دۄیمہِ ہٕسے برٕنزِس منٛز تُھے تس یاد پیوٗ وزِ تمو ماجہِ کوربوتھاونہٕ از تہنٛز حیثیت دہِن پونسن لایکھ زنتہٕ تس وۄگُھر لۄگ تہٕ گردن پھِرتھ لۄگ لبہٕ تھوٗ تھوٗ کرِتھ تھو کہٕ لاینہِ۔ أہنٛز یہِ حالت وُچھِتھ وۄتلیو أہنٛدِس نوجوان دوست اینڈری ہٕنٛد بن وُٹھن پیٹھ غمزٕ بۄرُت اسُن۔ یس ہٕتی وُنی کبس سُہ ٹھہرتھ اوس لُذٕ ہٕن ژیٗون امہِ وُٹھ گُمناونک مطلب تہٕ یہِ باسیوس دوستہٕ ہٕنزن خأمین ہٕنٛدِس کھاتس اندر اکھ ہریمانہٕ نو کتہٕ۔ کینٛژ وۄدہو پیٹھٕ آسہ تس أمس دوستس منٛز واریاہ خأمیہِ لبنہٕ آمٕژٕ۔ تس کھۄت دۄگنہٕ شرارتھ ییلہِ تس احساس گۄو زِ تمٕس پزِ ہے نہٕ راتکِس ملاقاتس تہٕ لمہٕ

کِس انجامس متعلق اُمِس کہنٛہ تہٕ کتھ ونٛنۍ۔ یہِ اُس دوٚیِم غلطی یوسہٕ اُمۍ اشتعالس تہٕ دمٲغی توازُن راونس منٛز کٔر...... وُچھو قسمت کیاہ چھُ۔ صبحٲے پگہے روٗزا کِس پتہٕ اکھ ناخوشگوار ہِنٛز کتھ سپدان۔ تس اُس خاص پاٹھۍ مکانہٕ پوہر کِس مالکہٕ سِنٛز تہٕ ژوکان تیٚمۍ امہِ سپدن والہِ کھاندرٕ خاطرٕ مکانہٕ پنٛنِس خرچس پیٹھ سجاونہٕ باپتھ وٗنس تہٕ وُنی کٲبس اَمچ کام چلان اُسس۔ فلیٹک مالک، اکھ امیر تاجر کتہٕ مانہٕ ہس معاہدٕ پھُٹراوُن۔ یتھ پیٹھ حالی دستخط سپدی مِتۍ اُسۍ۔ سُہ کھٮ۪یہٕ ہس ساری پونسہٕ یوٚ دوے زِن سجاوتھ فلیٹ واپس کرِ ہس۔ یتھے گٔنی اُسس نہٕ فرشِ فروش کرن وٲلِس نشہِ تہٕ تمہٕ منٛزٕ اکھ روپے واپس میلنچ وومید یوسہٕ پیشگی دژمژ اُسن۔ یتھ تمۍ کالے نکار کوٚرنس۔ حالانکہ سامانہٕ اوس وُنہِ دُکانس پیٹھے فلیٹس منٛز اوس نہٕ ووتمتُے۔

''وُنی چھامے تیٚلہِ امہِ فرنیچرٕ موکھہٕ لٲزمن خاندر کرُن ؟'' دَند ٹکان ٹکان وۄن تمۍ تہٕ اُتھی سِتۍ گیس پھُٹمژ وومید نشہِ کیاہتام ستھ ہِش پادٕ ییمہِ کِنۍ تِھس ہنارنگ پھیوٚرُس۔ ''پزی چھا تہنٛد فاصلہٕ حتمی یُس نہٕ بدلِتھ ہیکہِ۔ ییٚلہِ ہرگاہ پزٕ ژھوکھ تتھ نیرنا پزی کانٛہہ فایدٕ؟ دوٗنیایہِ ہٕنٛدی یادن زنتہٕ تیرٕ سِتۍ وانٛج ژٕٹس۔ سُہ لوٚگ تتھ وِزِ ناسزا ونہٕ۔ اگر ے وُنی کٲبس ساعتہِ حسن آسہِ ہے تہٕ یہِ منگہِ ہے تہِ بنہِ ہے تیٚلہِ کانٛچھہٕ ہے سُہ رَاسکولنکافس گوٚژھ وُنی توبہٕ دِیرُن۔

''دراصل چھےٚ میانٛی تہِ غلطی زِمے دیُت نہٕ تمن کانٛہہ پونسہٕ'' تمۍ وِزِ آیوتس خیال ییٚلہِ سُہ مویوس گرٕھتھ لیبازتنکوف سِنٛدس کمرس اندر واپس آیوو۔ بلاے شوٗتھہٕ سِنٛدِس یہوٚدی آسنس۔ میون حساب لگاونے اوس غلط۔ یو اوسُس دپان تم چنٛدٕ چھٔنی تھاوِتھ روزن تمہٕ مے آویزٕ تہٕ پکن مے پتہٕ پتہٕ۔ وُچھی امہِ عقلمندی ہُنٛد کُس نتیجہ درام۔ تھوٚ۔ امہِ کھوتہٕ اگر ے ساسس روپیس مہرنہٕ سوٗٹھا آسہِ ہم نیوٗمت ڈالیا آسہِ ہمس نیمٕژ، سنگار ڈبا، زیور یا ییٚلہِ کینٛہہ یتھی معمولی چیز آسہٕ ہنٛم سن شائین

انگریزی دُکانہٕ پٹھ ہیتیٔ متی میاٗنی حالت آسہِ ہے مختلف تہٕ بہتر......بلکہِ آسہٕ ہن یمہٕ میانہِ موچھہِ منز......تم ہبکہٕ ہن نہٕ مےٚ نستہِ منز چہِ کھنہٕ ہنٛدی پاٗٹھی ٹاس گرِتھ نبر دارِتھ دِتھ پتہٕ اگرے تم معاہد پھُٹراوہن تم چھی تتھی لۆکھ زِ سورُے پوٗنسہٕ تہٕ یمہٕ ڈالہِ بیترِ دیہن واپس۔ گوڈٕ کرہے نہٕ یتھ جُرعت۔ تم چھی تتھی باضمیر لُکھ۔ تمن کوٗرِ ہاپننے ضمیر۔ وُمبرِ روزٕ ہن شرمندٕ۔ یہِ چھُ قاعدے زِ اَکس سخی تہٕ نرمدل انسانس دقہٕ دِنس چھُنہٕ من پژان......!...... چھا کنہٕ نہٕ؟......مےٚ لاٗے پانے پانس تبرٚ"۔

تہٕ دنٛد دُبارٕ ٹکان وۄن پیٹر پیٹر ووچن پانس "بیوقوف" مگر تھد نہٕ یو ہے نا "کاٗنسہِ مارا وگب" طریقس پیٹھ۔

واپس گرِ ینہٕ وِزِ اٗسی تس برٛونہمہِ کھوتہٕ دوگنہٕ کاڈی دزان تہٕ بیقراری تہِ کیٹرینا ایوانووناہہ ہنٛدِ فاتحہ بتہٕ تیار کرنچہِ ووسہِ دروسہِ دِژتس شوقس زیادے زیر تتھے سہ لپارک دراو۔ تمی اوس یورتتھے امیگ بۄ زمُت۔ تمس آوذ یہنس درسہٕ دِتھ خیال زِتس تہِ چھُ یمو پرٛژھمُت مگر پننین فکرن منز آورآسنہٕ سببہٕ اوس نہٕ تمی اور گن ظون دیتُمت......!

محترمہ لیپاوشلہِ یوسہٕ ڈنر ٹیبل سجاونس منز آورٕ اَس پرٛژھنہٕ تلہٕ ننیوس زِ کیٹرینا چھےٚ وُنی کبس قبرستان گاٗمژ تہٕ پرٛژھمن ہنٛزِ خاطر داری ہُنٛد چھُ سبٹھاہ بندوبست۔ یہِ چھُ بۄڈ فاتحہ تہٕ سارنٕے کرایہِ درن چھےٚ دعوت کرنہٕ آمژ۔ کیٛژن تتھن نفرن تہِ اوسکھ فاتحہ سالس پرٛژھمُت یم نہٕ میتس زانہٕ ہنے۔ یُتے نہٕ اینڈری سیمانووِچ لیبازیتنکوفس تہِ اوسکھ پرٛژھمُت تیمی کیٹرینایہِ ستی ہرگرٕ مژ اَس تہٕ رۄزکتھ پیٹرٕ پیٹرووچ ستۍ تمس اَس نہٕ فقط دعوت بلکہ اَسی تہنٛزٕ وتہٕ گاران کیاز زِ کرایہِ دارن منز اوس فقط سُے اوت خاص تہٕ معزز۔ ایملیا ایوانوناتہِ اَسن وژھہِ واٗنجہِ دعوت دِتھ اَئی مژ یہِ مُشرِتھ زِ اوترے اَسس اَمس ستی تلخ کلاٗمی گاٗمژ۔ سوتہِ اَس پانیار زاٗنتھ دل مُژ رِتھ انتظار کران۔ تمہِ اوس وِنی ہژ نہٕ تلہٕ کۆڈمُت پوشاک لوگمُت۔ ہیٚر یونہٕ کرٛہنہِ سلکہِ ہنٛدِس سوٗٹس

منزٕ اُس نہٕ سو وِہڑان کُنہِ۔ یہِ سورُے وُچھِتھ گو پیٹر پیٹروِوچس اکھ خیال پاٚدٕ تہٕ اُتھ خیالس منز پیٹھ ژاوسُہ پننِس نہٕ بلکہِ لیباز تنکوف ہِندِس کمرس منز کیازِ تس لوٗگ پتاہ زِ رَاسکولنکافس تہٕ چھےٚ دعوت کرنہٕ آمٕژ تہٕ سُہ تہِ چھُ سالس یِنہٕ وول۔

اینڈری یسیمانووچ دراوِ ے نہٕ نبرکُن سُہ رۄد گُٹھ تژ وِپرتھ۔ تس شریف زادس ستی پیٹر پیٹرووچ سُند سُہ وٕطیرٕ اوس عجیب حالانکہ باسان اوس شاید چھُ سُہ طبیعتاً تھُے۔ پیٹر پیٹروِوچس گیہِ گوڑٕ دوہہ پیٹھے تسنز نفرت ییلہِ سُہ تس ستی روزنہٕ خاطرٕ آیووتہٕ یپیہِ زنتہٕ تس کھوژان ہیوٗ اوس۔

پیٹرس برگ ینہٕ وِزآونہٕ سُہ تِمس نِشہِ محض پوٗنسہٕ ژور بچاوٕنکہِ غرضہٕ روزنہِ یوٚ دوَے زن باسان چھُ خاص مقصد چھُس تی اوسمُت بلکہِ اُسی تِمۍ اینڈری ہِندی یُس کرتام تُسند ژاٹہٕ شُر رۄد مُت چھُ واریاہ تأریف بوٗزِ مِتی۔ بوٗزمُت اوسُن سُہ چھُ یوٚ ڈبارٕ ترقی پسند رہنما بنیومُت تہٕ واریاہن خاص مجلسن اندر چھُ اہم رول ادا کران یِہندی کارنامہٕ قصبن تہٕ دیہاتن منزٕ پرٕیہ کتھن ہِندی پاٚٹھی عام چھی۔ امہِ کِنۍ اوس پیٹر پیٹروِوچ زبردست متأثر گومُت۔ یِمن نوجوانن ہِندی یِم داٚیرٕ اُسی سبٹھاہ طاقتور تہٕ پزٕ بتھ کُنہِ چیزٕچ خبرتہٕ پزٕ بتھ معاملس پیٹھ نظر تھاون واٚلی مانن‌ہٕ یوان یِم پزٕ بتھ اُکِس حقیرتہٕ نفرتس لایکھ تہٕ پان بالاتر زانان اُسی۔ یِمہِ کِنۍ تس اوس کیاہتام بےپاٚدٕ گومُت تیچ نہٕ باوتھ گرِتھ ہیٚکان اوس۔ تِمس اوس نہٕ یِمن ہُند اصل مقصد تہِ فکرِ تو رمُت۔ کٕری تہٕ اوس باقین ہِندی پاٚٹھی بوٗزمُت زِ پیٹرس برگ شہرس منز چھی واریاہ ترقی پسند نوجوان اکہِ قسمکی منکر یِم پزٕ بتھ مروجہ نظامس مخالفت کران چھی حتیٰ کہ مذہبن تہٕ یِمن "کرٕ ونان چھی وغاٚرٕ وغاٚرٕ۔ تِمۍ کٕرپزنہٕ پیٹھی کتھہِ کوتھ تہٕ ساخت تہٕ شبہیہ بگاڑِتھ یِمن کتھن ہِندِ اہمیتچ وضاحت زِ کھیٚنۍ اوس نہٕ فکرِ تران۔ کینژہہ وٕری برٕ ونہہ پیٹھہٕ یِمہٕ بناہٕ کِنۍ سُہ خوفزدٕ اوس چھےٚ محض یہ کتھ زِ یِم گژھن نہٕ تس تہٕ رُسوا کرٕنی۔ امہِ کِنۍ اوس سُہ بدستور پاٚٹھی

پریشان گژھان یتھے تس پنُن کاروبار شہر منتقل کرنک خیال یِوان اوس۔ سُہ اوس ییمہِ کِنی تہٕ خوفزدٕ زِ ییم موصمی شری چھی ہبکان گمراہ گژھِتھ۔ کینہہ ؤری بڑ ونہہ ییلہِ وُنہِ سُہ پنُنہِ کوٗ ٹھِس پیٹھ کھڑ اسپدٕنچ کوٗشش کران اوس تس دیدمان سپدی زِ واقعہ ییمن مژ صوبکو زِ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ معتبر تہٕ خاص شخصیژ ییم اُہندی رہبر اُسی اذیت دِتھ رسوا آے کرنہٕ۔ اکہِ واقعُک نتیجہ دراو زِ سُہ شخص لیس پیٹھ حملہٕ کرنہٕ آو گو بدنام تہٕ ذٔلیل تہٕ دوٗ یمس گیہِ زندگی یہ ذٔپ زِ تہِ پریشانیو کِنی کولہِ۔ یوہے چھُ وجہ زِ پہپٹر پیٹر ووچ اوس شہرواتوٗنے کتھہِ ہنز گوٗجی زانُن یژھان تہٕ ضرورت پینہٕ کِنی ہیکہِ ہے امی "نوِنسلہٕ" کہِ مدتہٕ ناموافق حالاتن ہُند اندازٕ لگاوِتھ۔ امی کِنی باسیوو تس اینڈری اتھ مقصدس اندر لگہارتہٕ رَاسکولن کافس سمکھنہٕ گژھنہٕ بڑ ونہہ اوسن یژھہِ کینہہ سرتازٕ کتھہٕ زانُنگ باس دِیُمت۔ تِمس ننیو آناًفاناً زِ اینڈری چھُ بیوقوف خر مگر امی ستی گوٚ ونہٕ سُہ مطمئن کینہہ۔ اگرے تس یتہِ ننہِ ہے زِ ساری ترقی پسند چھی اُہندی پاٹھی بیوقوف تہٕ خردبماغ تمہ ستی تہٕ گژھہِ ہے نہٕ تہنز پریشانی دوٗر کینہہ۔ اینڈری ہندی اصول، نظریات، خیالات، نظام اُسی نہٕ تس خاطرٕ کُنہِ تہٕ رنگہٕ باعث کشش تس اُس نہٕ کانہہ دلچسپی تمن ستی۔ تِمس اوس اکھ خاص مقصد...... یہ زِ سُہ اوس فی الفور زانُن یژھان زِ اصل ذٔلیل چھے کیا تہِ (شہرس منز)۔ کانہہ طاقتہ چھُکھا کنہٕ نہ۔ ییمن چھا کانہہ ددارٕ واتناوِنچ توژھ......؟ ......ییم ہبکنا شوٹھس تہٕ کُنہِ رنگہٕ رُسواتہٕ بز گار کرنچ حرکت کرِتھ اگرے اُس تہٕ تیلہِ کتھ حدس تام ہبکن وٚستھ تہٕ یہند بن حملن ہُند بنیادی مقصد کیا چھُ؟ تہٕ یہ چھا ممکن زِ سُہ لاگہِ تمن ستی یارٕ زِ تہٕ تمن اُنزی منزی گژھِتھ وُچھہِ ییم کِتیاہ طاقتور چھی؟ پیٚہہ پزِ یا یہِ کرُن کنہٕ نہٕ؟ امہِ علاوٕ تہندِ ستی ہیکیا تس کینہہ فایدٕ واتِتھ کنہٕ نہ؟ ذٔ پوہتہٕ بٔڈی سوال ووتلے یہِ تہندِس ذِیہنس منز۔

اینڈری اوس قدٕ کِنی ژھوٚٹ، رتہٕ ماز رٚوس سفید مُجی ہیوٗ زنتہٕ دودر یومت

باسان۔ البتہٕ آسس عجیبے وتچھہٕ تہٕ موچہٕ گونڈھہٕ یمن پٹھ ناز اوس کران۔ پیشہٕ کنٕز اوس کلرک۔ أچھن اوس تس ہمیشہ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ دوِد آسان۔ پوٚز دلہٕ کنٕز اوس نرم مگر خود اعتماد نوجوان یُس باضے تیٚتیاہ زانٛٹھی تقریر کران اوس یم أہنٛدِس ٹھِنگنہٕ قدس مقابلہٕ تعجبس منٛز ترٛ اُوتھ بوزن والین پٹھ کیٛاہتام اثر ضرور ترٛ اوان اُسی۔ سُہ اوس تموکرایہ درو منٛزٕ اکھ یُس ایملیا ایوانوناواریاہ عزت کران اُس کیٛا زِ سُہ اوس نہٕ شراب چوان تہٕ بیٚیہ اوس کرائے باقاعدگی سان دِوان۔ اینڈری سیمیانووچ اوس پزی یہٕ ڈٕلِ زِ تہٕ بیوقوف یٖیمہٕ حسابہٕ نائمی جوشس منٛز یتھ پانٛ ترقی پسندی خاطرٕ وقف کوٚرمُت اوس۔ دِل اوُسس نہٕ اتھ سینیو مُتے تتھے کنٕز یتھہٕ کنٕز گرٛنزرؤس نوجوان یم نیم خواند، خودسر، وارفتہٕ اُستھ تہٕ پانس بزعم خود معاملہٕ فہم تہٕ کوہن اٹہٕ کرن وٲلی زانٛتھ کُنہِ وقتی تحریکہِ ستی شامل گژھِتھ کارنامہٕ سرانجام دِنٕی یژھان چھی۔ یہِ چھےٚ آسان زمانٕچ رٕویتھ اندریم پانس رندِ کڈان چھی۔ تہٕ کانٛژاہ تہٕ پُرخلوص تحریک اُسی تن یم چھِس پننہِ جنونہٕ ستی مسخ کران۔

لیبازیاتنکوف تہِ اوس واریاہ خوش طبیعتھ آسنہٕ باوجود پیٹر پیٹرووِچس ووٛنٕی نفرت کرنہِ لوٚگمُت۔ یہِ نفرت ووٛتلے یہِ دوشہٕ یوطرفوغاٗراراٗدی طور۔ اینڈری اگرے سیوٚ دساد ے تہِ اوس تس توٚگ بوزُن زِ پیٹر پیٹرووِچ چھُ تس بیوقوف زانٛتھ ٹھگان تہٕ ستی نفرت تہِ کران تہٕ بیٚیہٕ توٚرُس فکرِ ''سُہ چھُنہٕ کُنہٕ رٕتہِ قطارُک انسان۔ پتٕی موکیٚژِ دوہو پیٹھہٕ اوس تس فاوریری نظام (Fourier System)[1] تہٕ ڈاروِن سنٛز تھیوری سمجاوان مگر ووٛنٕی اوس سُہ طنز اُوٗٹھ گُمناٗوِتھ ہوں ہاں کران تہٕ باضے بدتمیزی تہِ کران۔ ہُپاٗری توٚر پیٹر پیٹرووِچس تہِ بخوبی فکرِ زِ اینڈری چھُ دھوکھہٕ باز تہٕ اپزیور تہٕ یٖیمہٕ کنٕز أمِس نوجوانن ہنٛزِ پننہِ مجلسہِ منٛز تہِ کانٛہہ وقعت چھےٚ نہٕ..... یتے یوت نہٕ سُہ یہِ کیٛژھا ونان چھُ تہِ چھُ آسان ترٛ ییٚمِس پھِرس پٹھ ووٚتمُت کتھن ہُنٛد چربہ تہٕ یہ کیٛاہ کاٗم تہٕ کمیٚگ پروپگنڈ پٹھ کران تہِ چھُنہٕ أمِس پانس تہِ فکری تران مگر ستی اوُسس شرف تہٕ

کأنسہِ تہِ ہیکہِ ہے آسمانس کھألتھ۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ یادتھاوٕنی لایق زِ پٔتِم میٚن دٔہن دوٚہن
گرِی پیٖٹر پیٖٹر ووچس أمۍ سخ تأریف یِمہٕ کِنۍ سُہ تہِ وٕتھان اوس۔ یوٚ تام زِ تٔمۍ کوٚ ڈنہ
اِتھۍ ہِندِس مخالفس منٛز اکھ لفظ تہِ زیوٚ یِمہِ ساعتہٕ تأریفنے منٛز وٕننس زِ یِمن نوجوانن دی زِ
چندٕ پنہِ سِمن بلہٕ خاطرٕ نوٚ عمارت بناونہٕ باپتھ یِتھے کِنۍ کوٚرُن نہٕ تس واد۔ یِیلہِ وٕننس زِ
شُربن دی زِنہٕ یِہوٚ دی تعلیم یا۔ یتھ کتھہِ زِ اگرے خاندرٕ پتہٕ ربتھ گرٕھتھ تہِ دونیایہ کأنسہِ
ہٕتی دِل لگہِ تیٚلہِ دی زبس لس ہٕتی لسنگ بسنگ اجازت۔ پیٖٹر پیٖٹر ووچ تہِ اوس نہٕ کُنہِ
وہوان۔ تأریف بوٚ زِتھ اوس ہُنان تہٕ تمہِ وِزِ کرن نہٕ تس کأنہہ مُخالفت۔

پیٖٹر پیٖٹر ووچس پیوٚ وتمہِ دوٚہہ صُبحأے کمہِ تام حاجتہٕ کِنۍ پانٛژھ فیصد سوٚ دس پیٹھ
ہوٚنجن پیٹھ کینٛہہ رقم اُنن تہٕ بیوٚٹھ میزس پیٹھ پوٗنسہ ترأوِتھ یِم گنٛزراونہِ۔ روپیہِ بنڈلن
ہِنٛدی بنڈل گنٛزرأوِن۔ اینڈری سیمانو ووچ یِیہ نہٕ زانٛہہ تہٕ یِتیٚن پوٗنسن بُتھ وُچھمُت
اوس روٗ داتھ دوران کٕھٹس اورٕ یور چکر دِوان تہٕ میزس پیٹھ موجود روپیہِ بنڈلن چکارس
نہٕ أنٛتھی روٗ دِیمن حقارت تہٕ نفرتہٕ سان وُچھان۔

پیٖٹر پیٖٹر ووچس اوس فکرِ تران زِ اینڈرے چھُ ٹٔلی ہاوان دپان چھنا پلِم نتے
ژوٚکی گأم۔ تس باسیوو نہٕ کأنہہ وجہ اینڈری یِمہِ کِنۍ روپیَن نفرت کرِ ہے تہٕ وُچھِتھ
گوٚھہِ ہبس نہٕ دِلس وُزٕوُزٕ۔ یِیلہِ زن سُہ سوٚنچتھ وزان اوس زِ پیٖٹر پیٖٹر ووچ چھُ تہنٛزِ
مفلسی ہُندھ تُلِتھ پٔنٕ من رنٛزناونہٕ باپتھ یِم ژھل کران۔ امہِ ہٕتی چھُ بلکہ تس احساس
کمتری منٛز مبتلا کرنہٕ علاوٕ ہأوِتھ دِین یژھان زِ یِمن دون ہِندِس سوٗنچس منٛز چھُ زمین
اسمانک ہیٚنٛبر۔

تس باسیووسُہ چھُ روومُت تہٕ پریشان یِمہِ کِنۍ بے توجیہی ہُند شکار گومُت
چھُ کیٚنا زِ تٔمۍ یعنی اینڈری سیمیانو وچن کریوو پتھس من پسند موضوعس پیٹھ زیٚتھہِ نیٚوٚٹھ
تقریر شروع مگر سُہ اوس فقط ہوں ہاں کرِتھ کمن تام غوطن باسان تہٕ میزوأےتھ پنہِ ہے

دُنیاہس منز مست آسنک باس دِوان۔ اینڈری لیس توٚ رفکر زِ یہِ چھُ دراصل اُمس دُنیاہِ سِتی کتھ ژھینہٕ نُک دود تہٕ اُتھی موضوعس پیٹھ کتھ کرنہٕ خاطرٕ اوس مُژھیل اینڈری سخ بیتاب۔ سُہ اوس کیاہ تام ترقی پسندانہ خیال وُنن یژھان تہٕ پننِس یارس دِل رنٛزناوُن یژھان تہٕ پوٚرٕ وومید اٰسس تس امہِ غمہٕ منز کڈنس اندر گژھہِ کامیاب۔

''تتہِ چھُ زن مائکہٕ۔ تیٚتھ چھُ بندوبست کرنہٕ یِوان...... موٚنڈِ چھُ کش کڈِتھ فاتحہ کوٚرمُت...... ژےٚ وُچھتھ؟'' پیٖٹر پیٹر ووچن پرٛژھ تس ہنگہٕ منگے کتھ ژٔٹِتھ حالانکہ پننہِ حسابہٕ اوس اینڈری تقریرِ کس حاصل ضرب دلچسپ نوکتس پیٹھ ووتمُت۔

''گوٚیہِ مشر پھ؟'' ژےٚ روٗدِ ے نایادیورتہٕ تھے کیاہ اوسہٕ سے بوٚیمن فضول رسمن پیٹھ ونان۔ بوٗ زُم تمہِ چھےٚ ژیٚتہِ دعوت گرٛمژ۔ ژٕ اوسکھ یوٚتس سِتی کتھہٕ کران......''۔

''مےٚ اٰس نہٕ وومیدے زِ یہِ بیوقوف بچھِہ مژموکلاوِ سُہ سورُے رقم اتھ دعوتس پیٹھ یُس رقم امہِ بیٚیس نالائق بچھِہ کٔٹس رٚاسکولنکافس نِشہِ حاصل کوٚر۔ وُنی ییٚلہِ یِوان اوسُس مےٚ دِژ اپاٚرِ نظر کمہِ حسابچہ تیارِ یہِ چھےٚ۔ تتہِ وُچھ مےٚ قیمتی شراب تندلہِ۔ دعوت چھےٚ واریاہن لوٗکن دِنہٕ آمٕژ۔ امہِ چھُ حدے کوٚرمُت!''

پیٖٹر پیٹر ووچن تھووکلامہٕ جاری ییمہِ سِتی باسان اوس زِ سُہ چھُ کمہِ تام خاص مقصدٕ کتھ زیٹھراوِنی یژھان۔ ''ژےٚ کیاہ وںیوتھ؟ آمےٚ تہِ چھےٚ دعوت! اِیینا؟'' دعوت کرواٚژ مےٚ۔ تہِ چھُنہٕ مےٚ یادِ ے۔ خاٚربو گژھہٕ نہٕ توپتہٕ تہِ بیٚیہِ تہِ گژھُن تہِ پزنہٕ مےٚ۔ چھا کنہٕ نہ؟ نہ زان نہ پچھان...... ئلِر...... یوٚ ووٗنمس کتھہِ کتھہِ منزٕ اَکِس کلرکہٕ سنٛزٕ آشِنٛز آسنہٕ سببہٕ چھُ ممکن ژےٚ تری توہنٛد اکہٕ ؤریک تنخواہ یہِ زن یژھن نادار موٚنڈن دِنہٕ یِوان چھُ۔ مےٚ چھُ تران فکرِ تمہِ پرٛژھ مےٚ امی موکھہٕ۔ چھُناتی؟ ہی ہی ہی!''

''مےٚ تہِ چھُنہٕ دِل تور گژھُن ونان'' لیباز تِنکوفن ووٗنُس ''مےٚ تہِ چھُ باسان ژےٚ پزی نہٕ گژھُن۔ سوزِ دوکوب کرِنہٕ تہٕ آسی وونی ژےٚ ٹھوٚرُے یِوان تور گژھنس...... چھنا؟''

ہے کُو دیُت کمِس مار؟ ژٕ کیاہ ونان؟'' رس کیٖسر گژھتھ تہٕ بتھِس وۄشلُن
پھیرِتھ پرٛژھ تٔمۍ پیٹر پیٹرووچس۔

''ژےٚ چھےٚ مشرِتھ گومُت۔ سأری چھی ونان ژےٚ دیُتتھ اکھ رتھ بڑ وٕنہِ
کیٹرینا ایوانونایہِ سخ شلکھ...... مےٚ بُوزیوے...... تہٕ مےٚ توگ اُتی بوزُن چأنی تھدی
خیالات کیاہ چھی...... تہٕ خأص پأٹھی زنانن نسبتھ...... میانہِ حسابہٕ پزِ ہی نہ تہٕ کرُن۔
ہی ہی ہی''۔ یہِ وٕنتھ زنتہٕ پیٹر پیٹرووچس وأنج شیہلے یہِ تہٕ ووت پنُن کلہٕ اوٚنگجو سٟتی
طبلکی پأٹھی وایان وایان بیٚیہِ واپس پننہِ جایہِ۔ ''یہِ چھُ سراسر بُہتان تہٕ بکواس''
لیبازِتنکوف وۄتھس تیتھس منز کیازِ تٔمِس اوس اتھ کتھ کرنہٕ سٟتی توس ووتھان۔ ''سو
چھنہٕ کتھے۔ دٔلیل یہِ بنےیہ تہٕ چھنہٕ کانٛہہ ونأنی۔ ژےٚ چھتھ غلط بُوزمُت۔ یہِ کوٚر ہس
بوٚئی بدنام...... مےٚ کوٚر محض پنُن بچاوٗ...... تٔمۍ ژٕہنی گوڑٕ مےٚ چیٚپھی...... نموٕ سٟتی زِ جیونس
......تمہِ کرے مےٚ پلون ترٛپچہِ تہٕ کریونس ننگہٕ...... مےٚ چھُ باسان پنُن بچاو کرنُک
تختیار چھُ پرٛتھ اُکس...... مےٚ چھُ اوٚصول پانس پیٹھ دِمہٕ نہٕ بوکانٛسہِ کُنہِ رنگہٕ تشدد
کرنہٕ...... یہِ اُس پیٹھہٕ زورزبردستی سپدان...... ژٕےون مےٚ کیاہ پزِ ہے کرُن؟ مےٚ
دیُت محض پنُن پان بچاونہٕ خأطرِ تس پتھ گن دکہٕ''۔

''ہاہاہا...... ہی ہی ہی'' لذہٖن ترٛووطزِ بوٚ رُت بوٚ ڈاسن کھنٛگالہٕ۔

''ژٕ چھکھ زورٕ مےٚ ترٛونک دِوان کیازِ ژےٚ چھےٚ پانس وٕنی کبس بوم
پیومُت...... بیٚیہِ کیاہ بکواس چھکھ کران...... زنانن ہنٛدِس روٚتبس یژتھ کرنہٕ کِس
سوالس سٟتی کیاہ تعلق چھُ اتھ...... ژےٚ چھےٚ نہٕ فکری تران...... مےٚ چھُ ہمیشہ سوٚنچمت تہٕ
حق تہٕ چھُ یی زِ اگرے زنانہٕ مردن برابر آسن زندگی ہنٛدِس پرٛتھ شوبس منز ہیکن بلکہ
جسمأنی قووتس منز تہٕ (یہِ زن ووٚنی وننہٕ یوان چھُ) زنانہٕ مردن ہنز ہمسری کرِتھ
حالانکہ پتہٕ آو مےٚ خیال زِ مےٚ پزِ ہے نہٕ اتھ سوالس پیٹھ سوٚنچُن تہٕ...... کیازِ یوٚ چھس

یِژھان یِنہٕ وول وقت گوٚژھ چھل کپٹہِ رۄس آسن۔ کہنی ہر یا جھگڑ گوٚژھنہٕ آسُن مستقبلس منٛز آسہِ سما جس منٛز یُتھ سوچُن تہٕ معیوب مانِنہٕ یِوان۔ تہٕ ہنہِ دژنہٕ منٛز گژھہِ برابری آءنی، خیالٕی باسہِ تعجبس لایکھ...... تہٕ بوچھس نہٕ تیٚوٚ تاہ بیوقوف...... یِیلہِ زن حقیقت پچھےٚ زِوٗنی کبس چھے یِژھہٕ لڑایہِ سپدان...... پتہٕ ما آسن نہٕ مگر وٗنی کبس چھےٚ کتھ مختلف...... اِد سا ژھن اتھ کتھہِ بلاے......! مےٚ چھُنہٕ فکری تران ژےٚ ستیٚ کیاٚزِ چھےٚ مےٚ نہکہٕ پہکہٕ ہنہ درنہٕ گژھان...... بووٕنے ژےٚ بوچھس نہٕ تمہِ واقعہ موکھہٕ تور گژھنہٕ نشہِ لوٚب ہوان...... بوچھس نہٕ تور پننہِ اکہِ اصولہٕ کنی گژھُن یِژھان۔ سُہ یہ زِ مےٚ چھُنہٕ فاتحہ بتہٕ کھیاوٕنچ دقیانوسی رِوایتھ پسند...... اتھ چھس بو مُخالف تہٕ توے چھُس نہٕ گژھن یِژھان......! حالانکہ دِل چھُم ونان یِمن ٹانہٕ کرنہٕ باپتھ گژھہ...... مگر مےٚ چھُ باسان تہِ آسن نہٕ امہِ وِزِ تم پاہٕری یِم اچھ ڈیلیل دِوان چھی۔ آسہٕ ہن اگرے بو گژھہٕ ہاضر ور تور......!“

”گوٚ ونا لکہٕ ہنٛدِ گرِ ہور ہکھ ژٕ تمن آنچھ...... تمن کرٕ ہکھ رُسوأیی تہٕ ستی تمن تہِ یِمو دعوت کرے یی...... افسوس چھُ...... یوہے چھا چون ترقی پسند سوٗنچ......!“

”رُسوأیی نہٕ ہرگز تہِ بلکہ کرٕ ہا احتجاج...... میون مقصد چھُ نیک...... ورگہٕ پأٹھی کرٕ ہا بو پننہِ ترقی پسندی تہٕ روشن ضمیری ہُنٛد مقصد عام کرنس منٛز مدد حأصل۔ یہ چھُ پزٕ بتھ أکی سُنٛد فرض زِ پننی روشن ضمیری تہٕ مقصد عام کرنہٕ خأطرٕ کرِ کأم تہٕ کأنسہِ لگی تن امہِ ستیٚ دلسے تہٕ یوٚتاہ کأنسہِ چھنی ووتھہٕ تیٚوٚ تاہ چھُ تہنٛدِ خأطرٕ رُت...... بیاٚلی پھوٚل وٕ دِونا...... یعنی خیال تہٕ وولُکن ہنٛدِ ین ذیہنس منٛز...... یہٕ کڈِ کاڈباڈ ودار گُل بنہِ......! تہٕ یتھہٕ کنی کتہٕ گری مےٚ تم رُسوا...... گوڈٕ گژھن تم مےٚ ناراضے مگر پتہٕ لاکن تہٕ تمن فکرِ زِ مےٚ گر تمن اکھ خدمتھ...... ژٕ زانہٕ ہنہٕ میٚری بیانا (سو چھےٚ سأنس دأیرس منٛز سر گرم رُکن)۔ تِمس دیتُکھ الزام مس ملہ نیرتھ گژھنکھ یِیلہ سو گرتہٕ اُوتھ درایہ...... ترقی پسندی خأطر

مگر کیا کراتھ ملنہٕ ورأے دوشوٕ یومنز چھُنہٕ اکھ تہٕ زند......!"۔

"تعجب کرنہٕ خاطرٕ !ہی ہی ہی! اچھا تژاو۔ کرتہٕ یہٕ ژےٚ خوش کری"۔

پیٹر پیٹر ووچن ژٕٹ تٔہنز کتھ "مےٚ وَن ساژٕ اکھ کتھ۔ اُمِس مرحوم کلرکہٕ سٕنز کوٚرِ زنانہٕ ہنا؟ یوسہٕ نادپان نوزُک لچھہِ دأرِہش چھےٚ؟ پوٚزٕ ے چھایہٕ لُکھ تس مُتلق ونان چھی۔ پوٚزُ ے چھُ شاید؟"۔

"پتہٕ کیاہ گوٚو؟ میون خیال چھُ، یہٕ چھےٚ محض میأنی ذأتی رائے، یہٕ چھےٚ زنانن ہنز عام کتھا۔ یہنز فطرتے چھےٚ یژھے۔ بیٚیہٕ کیاز زِ کرن نہٕ؟ یمن ہتی چھُ امتیاز ورتاونہٕ یِوان۔ بوٚچھس پننہِ موجودٕ سماجچ کتھ کران۔ ییتہِ پرٚ بتھ کینٛہہ معمولہٕ مطأبق چھُنہٕ۔ امی کِنی چھےٚ یمہٕ مجبور گژھان۔ مگر ینہٕ وأرِلس وقتس منز آسہٕ ہشر تہٕ یہٕ فعل آسہِ معموٗلچ کتھا کیاز زِ یہٕ آسہِ رضاکارانہٕ عمل یعنی مجبوٗری نہٕ کینٛہہ۔ حالانکہ از تہِ چھُ تس پننس وجودس پٔٹھ پوٗرٕ حق تمہِ کوٚر حق تہٕ صحیح فأصلہٕ۔ پریشان اُس۔ مفلوک الحال اُس تہٕ یوہے اوس تُسند اثاثہٕ یا۔ یتھ زن ونو تُسند سرمایہٕ۔ یتھ پٔٹھ تس خرچاونک پوٗرٕ حق اوس تہٕ مجبوری کِنی کوٚرُن یہٕ تس کرُن پیٚو ہے۔ ہاں ینہٕ وأرِلس سماجس منز آسہٕ نہٕ اثاثن ہُنٛد حاجتھ۔ تٔہنز حصہٕ دأری آسہِ بدل رنگہٕ اہمیت تھاوان، معقول تہٕ پننہِ أندی پکی ماحولکہٕ گوٚ۔ ژٕتن صوفیا سیمیانونا (سونیا) ذأتی طور چھُس بوٚ تٔہنز کاروأیی سمأجی تنظیمہِ خلاف شدید احتجاج تصور کران تہٕ امہِ خاطرٕ چھُس تس سودلہٕ یژتھ کران۔ مےٚ چھےٚ بوقہٕ پھولان یمہِ ساعتہٕ وُچھان چھُسن!"۔

"مےٚ بوٚز یمہِ بلڈنگہِ منزٕ چھتھن ژےٚ کڈتھ ژٕھن نأوُمٕ"۔ لیباز تنکوفس زن شرارتہٕ ہتی ریٚہہ گنٛڈن۔

"یہٕ چھُ دوٚیم بوہتان "دتمُو ووٚن" مےٚ چھُنہٕ تیٚتھ کُنہہ تہٕ کوٚرمُت! یہٕ اُس سأری کٹیر ینا ایوانونایہٕ ہنز کارستأنی۔ سو بڈ چھےٚ ناپژ لنہِ پُژتس تورے نہٕ فکرِ کاڈبن

ۂ چھُن پتھن پان وقف کوٚرمُت ...... وٹس نہٕ لتس رپٹزی گژھان ...... تمہِ لیوٚکھ مائلس ماجہِ زِ سو چھنہٕ رِوٲیتی طریقہٕ زندگی گذارنی یژھان لہٰذا چھےٚ آزاد خاندرُک معاہدٕ کرتھ پننس یارس سٍتی لسان بسان (مطلب وُمبر اکی ہسے ٹکلس گنڈِتھ روزنہٕ بجایہ چھی تم آزاد کُنہٕ تہٕ وِزِ پننی پننی وَتھ ہیٚنہٕ باپتھ) دِپان چھُھِ ہنز عبارت اَس واریاہ ترٛوش تہٕ تیز لتس پزِ ہے نہٕ مائلس ماجہِ تمہِ آیہ لِکھُن بلکہ پزِ ہس شائستگی تہٕ نرمی ورتاونی ۔ یوٚ چھس دِپان تِتھی لُکھ چھی بکواس کران ۔ ہتا یار ییٚلہِ احتجاج کرُن آسہِ تیٚلہِ کتہِ لدِ نرمی تہٕ نزی ۔ امہِ خاطرٕ چھُ سخت رُوی یہٕ سبٹھاہ اہم ۔ بیا کھ گیہ وارٕی نس تمہِ ترٛاوی پنٕنی زِ شُری ستہٕ وُہری ۔ خاندارس لیٚچھن تل پیٹھ تھاونہٕ ورأے اکھ چِٹھی ’’مےٚ توٚر فکرِ یوٚ ہیکہٕ نہٕ ژےٚ ستی خوش روٗزِتھ ۔ بوٚ ہیکہٕ نہٕ ژےٚ یہٕ کتھ معاف کرتھ زِ ژےٚ تھوٚو تھ مے نِشہِ ژوٗرِ زِ سائنس سماجس منز چھےٚ ترقی پسندن ہنز اکھ تنظیم ۔ تمن متعلق بوٗزمےٚ اَکس فراخدل نفرٕ سنزِ زیٚوِ ۔ یَس بوٚ پتھن پان وندان چھس تہٕ تیٚمس سٍتی بو انقلابین ہنز جماژ ستی رٕلتھ دوہہ راتھ گذاران چھس ۔ مےٚ ووٗنمے ژےٚ صاف صاف لفظن منز کیا زِ ژ دوکھس منز تھاوُن باسیم بے ایمانی ۔ ژ چھکھ میانہِ طرفہٕ آزاد یہٕ خوش کری تہٕ گری زِ ۔ ینہٕ یہٕ آش تھاوَکھ زِ ژ کیٚاہ ہیکِکھ مےٚ واپس پرٛاوِتھ ۔ تمہِ رایہ ڈٲلی زِ ۔ مےٚ چھےٚ ووٚمید ژ تہٕ روزکھ خوش ۔ توٚریہٕ فکرِ کانٛہہ انقلابی قدم ییٚلہِ تُلن آسہِ تیٚلہِ گژھہِ امی آیہ لِکھُن !‘‘

’’یہٕ چھا سوے میٚری بیانا یسُند ژ ونان اوسکھ تمہِ کری ترٛے آزاد خاندر؟‘‘

’’نہ ...... نہ ...... یہٕ چھُس وُنہٕ دوٗیمے ۔ پزر چھُسے ونان ۔ تکرتھ فرق کیا پیٚیہ ہے اگرے یہٕ ژوٗرِم یا پند اہم تہٕ آسہِ ہس ۔ اسمان پیٚیہ ہا زمینس پیٹھ ۔ یہٕ سوچنُے چھُ بکواس ۔ مےٚ اگرے پننس مائلس ماجہِ ہندِ مرنک زانٛہہ پھیوٚ رمُت چھُ سہ چھُ ووٗنی کیا زِ یوٚ چھس دِپان اگرے مول موج زند آسہِ ہم تمن برخلاف کیٚتھ شدید احتجاج کرٕ ہا یوٚ ...... یوٚ کرٕ ضرور پتھن انقلابی قصدپٕرٕ ...... تبٲ تارٕ ہا تمن فکرِ ...... تمن ژلہِ ہا کھورٕ تلہٕ میٚونیر تھ

امیُک مطلب......!...... ووٚنی ونے یورے بیاکھ کتھ تہِ سو اٚس نہٕ میأنی معشوقہٕ! بوٚ اوسہٕ سن سو تیار کران۔ بالکل بےٚ غرض پأٹھی گُنہٕ خودغرضی ورأے۔ بوٚ اوسُس کوٗشش کران سو گژھہ احتجاج کرنہٕ خأطرٕ ووٚتھنۍ...... کُلس پأٹھی اوس میون مدعا تسُند احتجاج سماجس خلاف بغاوت تہٕ بس۔ لہٰذا کتہِ ہیکہِ ہے سو یتہٕ روٗزِتھ!‘‘۔

’’ژےٚ اٚستھاٚئمس پننس داٚیرس منز شاٚمل سپدنچ دعوت دِژہٕ مژ‘‘

’’ژٕ چھکھ فقط پزٕ اژ وہراوان تہٕ سُہ تہِ بالکل بےٚ موقعہٕ۔ پزٕ بتھ وِزِ چھنہٕ مذاق سجان۔ بوٚ ونے ژےٚ چھُے نہٕ فکرِ تران سون مقصد کیا چھُ! سأنِس داٚیرس منز چھنہٕ یتھ کینٛہہ سپدان۔ یم سرکل چھی امی غرضہٕ بناونہٕ یِوان زِ یژھہٕ کامہِ کرنٕچ نوبتھٕ واتی نہٕ۔ لتہِ چھےٚ نوعیت بدلاونہٕ یِوان۔ یتہٕ یتھ پٹھ چھی ژٹنہٕ یِوان تتہِ چھی تتھی قأبل بورمانان۔ موجودٕ حالتن اندر یہ کینٛژ ھایتہِ غأر فطری زانہٕ یِوان چھُ تہِ چھُ تتہِ مکمل پأٹھی فطری بنان۔ اِو امیُک دارومدار چھُ قطعی طور ماحولس پیٹھ کیاژِ ماحولٕے چھُ مانہِ مطلب تھاوان انسان کیاہ چھُ۔ کہنٛ نہٕ۔ صوفیایہِ ستی چھہ جان تہٕ رتی تعلقات مےٚ از تہِ یُس ییمہِ کتھہِ ہُند ثبوت چھُ زِ مےٚ چھنہٕ سوزاثبہٕ غلط کارمأنی مژ۔ ووٚنی چھُس بوٚ تس بلکہ داٚیرس منز شمولیت کرنہٕ باپتھ رغبت پھرنچ کوٗشش کران، مگر بالکل صریحاً بدل بنیاوٕ پیٹھ۔ تمیُک مقصد چھُ بدوٗن۔ ژٕ کتھ پیٹھ چھکھ پزٕ اژ وہراوان؟ اٚسی چھی الگ پننۍ کمیونٹی قأیم کرٕنی یژھان۔ یوسہٕ خاص کمیونٹی آسہٕ یتھ سبٹھاہ وسیع بنیاد آسہِ! اٚسی چھی پننِن ارادن وونت وُچھان۔ باقی چھنہٕ اٚسی چکارس انان تہٕ اٚتھی دوران چھُسن بوٚ صوفیا سیمیا نونا کوندِ منز وارِ پیان تیار کران۔ سو چھےٚ بڈٕ خوبصورت۔ اکھ خوبصورت کردار!‘‘۔

’’تہٕ ژٕ چھکھ تٔہندِ خوبصورت کردارٕک فأیدٕ تُلان؟ ہی ہی؟‘‘

’’نہٕ......نہٕ......ہرگز نہٕ......سو چھنہٕ کتھ‘‘

''اچھا......سو کتھ چھنہٕ......ہی ہی ہی! اکھ عجیب کتھا یوسہٕ نہٕ ؤنتھ ہیکو!''

''پڑھ کر، بو کیاز ِ تھاوِ ہا پچھِ تل یہِ۔ حق چھُ یِی زِ مےٚ چھُ پانس تہِ عجیب باسان زِ سو چھےٚ مےٚ نِشہِ سیٹھاہ شرمدار، حیادار تہٕ شأیستہٕ پٲٹھی آسان!''۔

''تہٕ ژٕ چھہن پزی پوختاوان یہِ ؤنتھ زِ ہی ہی ہی۔ یہِ شرم وحیاء چھُ حماقاہ بیٚیہ نہٕ کینٛہہ؟''

''کلیتاؔنہٕ'' مےٚ دی زِ معأفی یہِ ونس پیٹھ ژےٚ چھے ذہنیت گندٕ۔ یہِ چھےٚ احمقأزی......ژےٚ سمجھتھ ''تیار کرنک'' مطلبٕ غلط......توبا......وُنہِ چھکھ ژٕ موٚنڈُے...... أسی چھی زنانن ہنٛزِ آزأدی خأطرٕ لڑان تہٕ ژٕ چھکھ تمیُک محض......اکُے مطلب کڈان کیازِ ژےٚ چھُے دِماغس منٛز امیُک تیٚتے مطلب کھٔنتھ......شرم وحیاء تہٕ نسوأنی شأیستگی ہُنٛد سوال أکِس کُن ترٛأوِتھ یمن نہ بجائے خود کانٛہہ اہمیت چھےٚ تہنٛزِ معصومیژ ہُنٛد اعتراف کران تہٕ سو حیاء دارینٛز مانان کیازِ یہِ چھُ تس پانس فأصلہٕ کرُن زِ کتیتھ تہٕ کس نِشہِ کتھہٕ کٔرِ روزِ۔ سو اگر ے امہِ ییمہِ وراے مےٚ ونہِ پننہِ زیٚوِ سو چھےٚ مےٚ یژھان بو زلنہٕ پان سیٹھاہ خوش قسمتھ تِکیازِ مےٚ چھےٚ سو کورٕہن واریاہ پسند۔ بو یمہٕ اخلاصہٕ تہٕ شرافتہٕ سان تس پیش یوان چھُس شایدٕ ے آسہِ کانٛہہ تس تمہِ نظرِ وُچھان۔ بو چھُس تہنٛد وقار رچھان تہٕ احترامہٕ سان......تہنٛدِس ینس پرٛاران۔ مےٚ چھےٚ پوٚرٕ ووُمید......یی چھُ اسہِ دوٚن ہُنٛد رشتہٕ''۔

''ژےٚ پزِ ہی تس کانٛہہ جان پہن بوٚڈ پہن تحفہٕ دِین ییمیُک ژےٚ زانٛہہ خیال تہِ آسی نہٕ آمُت۔ آزماووٕنی''۔

''مےٚ وۄنُے ژےٚ گوڈے ژےٚ تری نہٕ فکرِ ی! واقعی چھےٚ تسنٛز حیثیتھ یژھے مگر یہِ چھُ وکھرٕ سوال۔ بالکل بیاکھے معاملہٕ! ژٕ چھہن سو حقیر تہٕ ذٔلیل سمجھان۔ ژٕ چھکھ یوہے اکھ معاملہٕ نظرِ تل أنتھ سمجھان زِ سو چھےٚ نفرتس لایق ژٕ چھکھنہٕ پننِس ہم جنسہٕ

ہِندبن حالاتن ہُند سام ہہنس اندر انسانی ہمدری ہِندی پیمانہٕ کامہِ لاگان۔ ژٕے چھےٚ نہٕ پتاہ سو کیاہ ذات چھےٚ۔ مےٚ چھےٚ توہند وسہِ زِ وونی چھُ تمہِ کتابن ہُند مطالعہٕ ترک کوٚرمُت یمہٕ سواتھہِ وۄزم انان اُس۔ بوتہٕ اوٚسُس پرنہٕ خاطرٕ کتابہٕ دِوان۔ مےٚ چھُ یمہٕ کتھہِ باپتھ تہٕ افسوس زِ تمہِ تاب وطاقتہٕ تہٕ پوٚختہٕ یراد باوجود یمیٚک تمہِ گوڈے اکہِ پھرِ باس دیُت چھُ تس اندر خودی کےٚ پہن باسان یمہٕ کِنہٕ سو تیژٕ آزاد چھنہٕ۔ سو چھنہٕ کینژن خاص وہمن تہٕ کینژن احمقانہٕ خیالن ہٕنز وبریڈیومنز نیرنُک جرأت کران۔ تہٕ گرِتھ تہٕ چھس واریاہ نوکتہٕ فکرِ تژی ہِتی مشکلن اتھن مونی کرِنی تکیازِ اَکس زنانہِ خاطرٕ چھےٚ یہِ بے عزتی مانہٕ یِوان ہرگاہ کانہہ مرد اتھس مونی کرِ بس امہِ سببہٕ زِ یہ چھُ نابرابری ہٕنز علامت مانہٕ یِوان یمہِ ستی باس لگان چھُ یہ چھےٚ مرد سُند گندن تماشہٕ تہٕ اوہند داروٚمدار چھُ اُہندِس لولس پیٹھ یمہٕ ورأے تس کانہہ اہمیت چھنہٕ اتھ پیٹھ کوٚرلسہٕ زیوٗٹھ بحث تہٕ مےٚ تورمس وبزھناوِتھ فکرِ زِامہِ ستی چھُ مرد فکرتاران زِ چونےٚ سِژہہ چھُ زندگی بخشان تہٕ زۆنچ توژھ دِوان لہٰذا چھُ چون تہٕ میون نکھہٕ پھیوٚک ہٕنتھ روزُن نہایت ضروری۔ تس وِنہٕ مےٚ فرانسہٕ کِہن کاٗری گرن ہٕنز ایسوسی ایسنچہٕ مثالہٕ تہٕ تمہِ ہوٗز وانجہِ ہِندبوکنو۔ سوگیہ مطمئن۔ وونی چھس بوتس مستقبلکس سماجس منز کُٹھ اژنہٕ کِس سوالس پیٹھ فہمائش کران''۔

''مےٚ تہٕ تارفکرِ تہٕ کیاہ زَن گو؟''

''حالے کوٚرلسہٕ یتھ سوالس پیٹھ زیوٗٹھ بحث زِسرکلُک کارکن ہیکیا ہِپس کارکنہٕ ہِندِس کُٹھس منز اجازت ہہنہٕ کرِنہٕ رۄس بےٚ پھرۄک پاٗٹھی اُژِتھ کنہٕ نہ زنانہٕ اُسی تن یا مرد۔ کُنہٕ تہٕ وِزِ...... دوہہ اُسی تن یاراتھ......اسہِ کوٚر فاصلہٕ بالکل تس چھُ حق۔ اُژِتھ ہکن!''۔

''اُندرِ ہیتھ مثالہِ پاٗٹھی زٔنی تہٕ مرد اُسی تن کُنہٕ نجی معاملس منز آوِری تہٕ تمن

گژھی تن خلل تہٕ ۔ہی ہی ہی۔

لیباز تِنکوفس کھوت ووٕنی کاڈٕ ہن زہر۔

''ژٕ چھُکھ ہمیشہ کُنہِ ناخوشگوار حرکژ ہُنٛدُ ے سونچان'' بیزار گژھتھ وۆننس قھقہٕ سان ''تھو۔خبر مے کیٛاز مِشر پھ گژھان۔مےٚ چھُ قاعدٕ بوٚچھُس نہٕ نوٚہن ممبرن سرٕکلکۍ اصول توٚ تام فکرِ تاران یوٚ تام نہٕ تِمن ذہنی سطح تھدِ۔مےٚ کوٚرنا حق ذأتی معاملاتن منٛز مداخلت کہِ سوالُک تذکرٕ۔سُہ تہِ ژٕ ے ہوٚ ہن لۆکن بڑٕ ونٛڈٕ کنہٕ یِم ہمیشہِ نوکتہٕ گیری کران چھی۔سمجنہٕ کرنہٕ ورأ ے اتھ قابلِ مذمت سمجان چھی تہٕ چھی پننِس سونچس پیٹھ فخر کران ۔تھوٚ۔خبر مےٚ کیٛاہ گو یوٚ تام نہٕ کأنٛسہِ نفرس سأنس اتھ نِوٚس نظامس پیٹھ پوٚختہٕ پژھ آسان چھےٚ توٚ تام چھُس نہٕ بوٚ تِھس کأنٛسہِ بے وقعت نفرس نِشہِ یمن اصولن ہنٛز وکھنے کران۔تلسأےٚ ونتہٕ مہربأنی کرتھ وۆنی ژٕ ژیتھ دِتھ،اگر ے کُنہِ جایہِ عفونت دار آبہٕ دوب آسہِ بذات خود کیٛا چھی تتھ اندر شرمہِ ہنٛز کتھ !دپ یہِ چھےٚ شرم تتھ أنٛدی پکھ روزن والین ہنٛدِ باپتھ ۔تہٕ آزمأیشا!اتھ منٛز چھنہٕ کانٛہہ قربأنی ہنٛز کتھ بلکہِ چھےٚ یہِ محض اکھ کأم۔یتھ یژتھ چھُ۔یوسہٕ فأیدٕ منٛد چھے کار آمد چھےٚ بیٛیہِ کُنہِ ژٕ کامہِ ہنٛدی پأٹھی۔مےٚ باسان رافیل تہٕ پُشکِن ہنٛزٕ کامہِ کھوتہٕ بہتر کیٛاز یہِ چھےٚ واریاہ کار آمد''۔

''تہٕ واریاہ یژتھ دارتہِ۔سبٛتھےٚ یژتھ دار بلکہ ہی ہی ہی''۔

''سبٛتھےٚ یژتھ دار بلکہ وٚنتھ کیٛاہ چھُکھ ژٕ باوُن یژھان۔انسأنی خدمژن خأطرٕ تتھی ورل اظہار چھنہٕ مےٚ فکرِ تران۔سبٛتھےٚ یژتھ دار تہٕ شریفانہٕ چھی ووٕنی پرأنیمتۍ الفاظ یِم بوٚ رد کران چھُسکھ۔کانٛہہ تہٕ کأم یوسہٕ بنی نوع انسانس کُنہِ تہِ رنٛگہٕ اتھہٕ شہلا دِسو چھےٚ یژتہٕ واجینۍ۔بوٚ چھُس اکُے لفظ محض اکھ لفظ زانان سُہ گوٚ ''کار آمد''لفظ ژٕ کرتہٕ کأتیاہ خنٛد کرکھ۔اَس کوتاہ اَسکھ مگر کتھ چھےٚ بس یہے اکھ!''

''پیٹر پیٹرٚ ووچن تژٕ وودل مُژٕ رتھ اسن کھنٛگالہٕ۔یتِس کالس موکلأوِتھ روپیہ

تہٕ گنٛز رِتھ تہٕ تھاوبن تُلتھ۔ البتہٕ کینٛہہ نوٹ تھأون میزس پیٹھے۔ ''گنٛد آبہٕ دہٕ بِکس''، سوالس پیٹھ اوس یمن وُنہِ اختلاف باقی۔ فکری نہ ترٛٲنی لایکھ یوسہٕ کتھ اُس سو اُس یہ زِلیباز تِنکوف اوس بحثس دوران سخ کھہرنہِ کھسان تہٕ پیٹر پیٹر ووچ لذہن اوس امہِ نِشہِ حض ٹٕلان تہٕ سُہ اوس پننِس أمِس نوجوان دوستس زیادٕ زیادٕ تیٚش دِوان۔''

''دراصل یوسہٕ وٕتہٕ کھوٗ رٕژٕ ے پننِ قسمتن یوٗ دِژٕ ے تمہِ کٔنی چھکھ ژٕ وٗ دأسی تہٕ دنیاومافیہاس نارٲضی''۔ لیباز تِنکوفن نیوٗ أخرٕ ونتھ یُس ''آزأدی خیال'' تہٕ ''احتجاجک طرفدار آسنہٕ باوجود پیٹر پیٹر ووچس سٟتی اختلاف کرنُک جُرتے ہیوٚک نہٕ کٔرِتھ بلکہِ روٗ دُس لوکچارٕ کین وٗری ین ہندِ عادتہٕ مطأبق یِیلہِ سُہ أمِس نِشہِ پران چھُ اوسمُت احترام رٕچھی تھٕےکتھ کران۔

''ہے مےٚ ون موخصرا کھ کتھ'' پیٹر پیٹر ووچن وٕنُس کتھ ژٕٹتھ زنتہٕ باقی کُنہِ کتھہِ سٟتی دلچسپی أسس نہٕ تہٕ بیزار ہیوٗ اوس۔ ''اکھ کتھ ہیکہٕ کھأ کٔرِتھ...... یا گوڈٕ وتم ژٕ ے چھیاتس یاون مرٕ سٟتی یژھ یارٕ ززٕ ہیکہٕ ہن أکِس منٛٹس یورکمرس منٛزأنتھ؟......
مےٚ چھُ باسان قبرستانہٕ پیٹھٕ آے تم واپس...... پکٕنٕچ آواز بوٗ زمےٚ...... بو چھُسن سواکہِ لٹہِ وُچھنی یژھان''

''کیازِ؟ کمہِ باپتھ؟'' لیباز تِنکوفن پرٕژھُس حأرتن گرٕھتھ۔

''ہے بس...... بہٕ چھُس اکہِ لٹہِ تمِس سٟتی ملاقاتھا کرُن یژھان۔ مےٚ چھُ ازیا پگاہ یینہِ نیرُن بو چھُس تمِس اکھ کتھ وٕنٕی یژھان...... آ...... سأنِس ملاقاتس دوران ہیکلکھ ژٕ تہٕ ییٚتی بہتھ۔ تی روزِ بہتر تہٕ۔ نتہٕ کرکھ ژٕ تہٕ خبر کیاہ کیاہ قیاس۔ بروسہٕ کیاہ چھُ؟'' بو چھُسنہٕ قیاس آرأیی کران۔ مےٚ پرٕژھے اِوٕکٔنی زٕ ژٕ ے نٕےلتس سٟتی لیف لیفے چھے...... تہٕ ووٕنی یِیلہِ ژٕ ے تس کینٛہہ وٕنُن چھے۔ سو یورکمرس منٛزانی چھے میانہِ کھوٗشی اکٕچ کأم۔ بو گوژھہٕ تہٕ انن۔ بیٚیہِ ونےیہ کتھ تہٕ زِ بو بنہ نہٕ توہہِ دون درمیان کانٛہہ ٹھوٗر۔''

پانٕژِ منٹہِ پتے آو لیباز تنکوف سونیا پانس ستی ہتھ۔ اندرا ژان اژان اُس سو ژھکراونہٕ آمژ تہٕ شرمہِ ستی گلِتھ گامژ۔ یہِ اوس تس معمولے۔ تِتھِن موقعن تہٕ تِتھِن حالاتن منز اُس سو رس کیٚسرِ گژھان تہٕ کانٛسہِ ووپرس برٛونٛہہ کنہِ اُسس زنتہٕ کھژیس وسان یہِ اوس تس شُری لازی پٹھے عادت تہٕ وونی زن اُس زیادے شُرمہ داو گلان......

پیٹر پیٹر ووچن ہاوتس سمکھنہٕ وِزِ نہایت شائستگی تہٕ خوش اخلاقی مگر وُٹھن پیٹھ اُسس اسن گراے یوسہٕ طنزِ برژ اُس تہٕ تس اوس باسان تسندِ روتبہِ کِس وزندار تہٕ یزتھ مند نفرس چھُ یِی شایان شان خاص پاٹھی ییٚلہِ یژھِ جوان تہٕ سبٹھے دلچسپ ذاژ پیٹھ روب تراوُن آسہِ یا پنُن بجر ہاوُن آسہِ تہٕ باور کرناوُن آسہِ زِتس ہوی لوٗکھ ہکن کینٛہہ تہٕ کرِتھ۔

''تمی کوٗرنی الفورتس مالی دگ لگنس پیٹھ اظہار ہمدردی تہٕ دلاسہٕ دِتھ ووٗنس بہنہٕ باپتھ۔ تہٕ کُرسیہِ پیٹھ بہناوِن میزس اکہِ انہٕ پانس کُن بُتھ کرِتھ۔ سونیا بیٹھ۔ گوڈٕ پانس کُن...... پتہٕ لیباز تنکوفس کُن تہٕ پتو لاکن میزس پیٹھ پیٚمتین نوٹن کُن نظراہ کرِتھ تژاوُن بیٚیہِ پیٹر پیٹر ووچس کُن نظر۔ یِژھ مُدے گنڈنس زنتہٕ نظر نہ کینٛہہ بلکہ کیٚل ٹھُکان اُسس۔ لیباز تنکوف اوس دروازس کُن ہوان نیرُن۔ پیٹر پیٹر ووچن ووٗن اِشارہٕ ستی سونیایہِ ژ بہہ یتھے کُنہٕ تہٕ تھوٗ دِتھ اوٗنن لیباز تنکوف باز۔

''مےٚ وَنتہٕ رَاسکولنکاف چھا تہٕ؟ آمُت چھا سُہ؟'' رُکاوان رُکاوان پرٛژھنس لوٚت لوٚتے کنس تل۔

'رَاسکولنکاف؟ آ......اِ؟ سُہ ہے تیتی چھُ۔ مےٚ وُچھ سُہ آووِنی...... ژ کیاز پرٛژھان؟''

''ہے کہنی نہٕ۔ یو چھسے ژے التجا کران ژ روز اسی نِشہِ۔ مےٚ موتراو تیمس نِشہِ تنہا...... اُخر یہِ چھےٚ جوان کوٗر۔ مےٚ چھےٚ اُمِس ستی بس گژھتام کتھ کرنہٕ۔ خداے زانان پتہٕ اگرے تم بوزن تم کیاہ کیاہ مطلب کڈن۔ یو چھس نہٕ یژھان

رَاسکولِنکاف کرِ بیٚہِ کانٛہہ تماشہِ۔ژٕے توٚ ریٚہ میون مطلب فکرِ!''

''مےٚ توٚ رفکرِ!''لیبیازِتنکوفس باسیوویہِ نو کتہٕ معقول۔

''بالکل۔ژٕ چھُکھ صحی ونان۔بوٚ گژھہٕ ذأتی طور مطمئن زِ ژٕ چھُکھ حق بجانب ونان۔تہٕ ژٕےٚ چھُے نہٕ حبسہٕ ویٚسرٕ نکُ حاجتھ۔خأر بوٚ ٹھہرِ یتھٕ تھے مگر ہُتھ دارِ گن گرو توٚ ہی کیا کتھ چھوٚ کرٕنی۔چأنی یہِ کتھ باسے یم ٹھیک۔

پیٹر پیٹر ووچ آوصوفس نِش واپس تہٕ بیوٚٹھ سونیایہِ بالمقابِل۔توجہ سان اوس تس وُچھان۔بتھِس پیٹھ ووٚ تلیٚس وقارتہٕ بُردبأری ہِنٛدی سرٕنی تہٕ گنٛز آثار یتھ ونوٗسہ اوس تس باور کرناوُن یژھان''محترمہ کنہٕ غلط فہمی منٛز روٗزی زِنہٕ''سونیا اُس پریشأنی۔کنی پھیٚھرِ نبن پیٹھ۔

''گوڈٕ چھُسے بوٚ صوفیا سیمیانو ناکھ کتھ یہِ وُنن یژھان زِ ژٕ ونکھہٕ قأبلِ احترام ماجہِ زِسہ اوس معأفی منگان......ٹھیک......ونہ ہسا......کیٹرینا ایوانو ناچھے ناژٕےٚ شاید موجی؟''پیٹر پیٹرووچن کوٚر پانٛیاُرس منٛز بڈٕ پُروقار تہٕ بُردبأری سان کلامہٕ شروع۔

دوٚ رِاوس بوزُن تگان زِسہ چھُ دوستی ہِنٛدِ یرادِ کتھ کران۔

''بالکل صحی چھُ۔ماجہِ ہنٛزِ جایہِ چھم سوے''سونیایہ ووٗنُس بامبرٕ ہٕژ جواب''

''بیٚیہِ منگکھ گلی زِ گنٛڈتھ تس میانہِ طرفہٕ تیمہِ کتھہِ باپتھ تہٕ معأفی زِنا گزیر حالاتو کنی ہیکہٕ نہٕ بوٚ سالس یتھ بوٚ چھُس تٔہنٛدِ خلوصک تہٕ فراخدلی ہُنٛد مشکور زِمیتہٕ پرٕژھن سالس مگر افسوس چھُم یتھ ہیکہٕ نہٕ!''۔

اچھا......بوونس......تہٕ أتھی ستی گیہ کُرسیہِ پیٹھہٕ تھوٚ دوٚ تھتھ۔

''بیہہ تام......رژھا کرقرار......کتھ چھےٚ نہٕ یژٕے''۔پیٹر پیٹرووچن دیُت نہٕ تس نیرنے۔تہنٛز سادگی تہٕ یتھہٕ کنی وُتھتھ گوژھنہٕ چہ بےٚ ادبی پیٹھ اوس اَسان۔

''ژٕےٚ اَےٚ میأنی خبر چھےٚ توتہٕ صوفیا سیمیانونا۔میأنی ٹأٹھی۔ژٕےٚ چھیا باسان ییے

معمولی کتھ وننہٕ باپتھ دمہٕ ہا بوژے ہشہٕ ہستیہ یورینگ تکلیف۔ ہرگزنہٕ۔ اتھ کیاہ تولُق اوس ژے ءستۍ۔ ژٕ اننہٕ نأوکھ بدل مقصدٕ''۔

''سونیا بیٹھ جلد جلد بیٚہِ کُرسیہ پیٹھ۔ بڑ نرس کھنڈس وُچھن کرٕ کرٕ کرونبن ستہٕ رٔنگی نوٹن کُن تہٕ تمو پیٹھہٕ فوراً نظر ڈٲلتھ لُج پیٹر پیٹر ووچس وُچھنہٕ۔ تمس گیہٕ واہ ؤستھ۔ پانس زنتہٕ کھرٕ لیس ؤزھس ووپرنفرٕ سٕندبن پوشسن کُن نظر تژ اونس پیٹھ۔ وونی لُج اُچھن ہُند سونہٲری اُنکھ وُچھنہٕ یُس پیٹر پیٹر ووچن کھووٕرِس اتھس کیتھ روٗٹمت اوس تیمچہٕ منزمہٕ اؤنگجہٕ زردرنگہٕ موٕللی کرٕ انکہٕ دار سبٹھے خوبصورت تہٕ ویٹھ پوٗٹھ وأجیا لأ رگتھ اُس تہٕ دفعتاً ڈٲ جن نظریہٕ زاننہٕ کرنہٕ ورأے زِ وونی کورکُن وُچھ۔ چھیکرس لُج بیٚہِ سیٚدِ سیوٚ دپیٹر پیٹر ووچنس بُتھِس وُچھنہٕ...... رژھادم دِتھ کوٚرتمۍ بڑ ونہمہٕ کھوتہٕ زیادٕ یوٚر دبأری سان کلامہٕ شروع۔

''مے آو یوٗ لپأری نیران نیران ووٗہی اُمس بچارِ، کیٹرینا ایوانووناءستۍ زٕ ژور کتھہٕ کرنک موقعہ۔ مے توٚ ریکدم فکرِ تسنز حالت چھے قأبل رحم...... مطلب سبٹھاہ ابتر اگر ے صاف پأٹھۍ ؤنتھ ہکو''۔

''بالکل ابترٕ ے چھے......'' سونیایہِ کوٚر بامبرٕ بامبرٕ اتفاق۔

''زیادٕ واضح تہٕ سیٚدبن لفظن منز ہکو ؤنتھ......بیمار چھے''

''آ......سیٚدبن تہٕ واضح...... لفظن منز......بیمارٕ ے چھے''۔

''گوناصحی چھُ......تیلہٕ چھُس بو انسأنی ہمدری ہنٛدٕ احساسہٕ یا ونو رحم دلی کنۍ تہنزٕ بدقسمتی ہُند پیشگی اندازٕ کرِتھ گُنہٕ تہٕ رنگہٕ تس مدد کرُن یژھان۔ امہٕ ءستۍ گرٛھہٕ مے دل خوش تہٕ شادمان۔ مے چھُ باسان یہِ مفلوک الحال گرٕ چھُ وونی چانہٕ نے پھیکین پیٹھ۔ چھا کنہٕ نہ؟

''مے چھا اکھ کتھ پرٛژھ ہنس اجازت'' سونیایہِ پرٛژھ ہنس ٹینڈبن پیٹھ

وٕتھِتھ۔ ''ژےٚ اے چھُتھا تمِس یِوٕ وۄنمُت پینشن ترنک امکان چھے۔ کیاز ژِ تمی وۄن
مےٚ یہِ کاٗم چھتھ ژےٚ مٹہِ ہیٚژ مژ''۔

''نہ تژ ھ چھےٚ نہٕ کانہہ کتھ سپز مژ...... یہِ سوچنٕے چھُ گنہِ مانہِ مطلبہٕ روٗس! مےٚ
دیُت تس اشارٕ زِ اٚکس سرکاٗری ملاٗزمہٕ ہنز موٗنڈ آسنہٕ کنِ ہیکی یہِ عارضی امداد تٕرتھ کیاز ِ
سُہ موٗدنا نوکری دورانٕے...... آمہِ خاطرٕ گژھِس فقط کانٛسہٕ ہنٛز سر پرستی آسٕنۍ......وونۍ
گودپان چاۓ مرحوم ماٗلی چھنہٕ ملازمتُک معیاد پوٗرٕ کوٗرمُت تہٕ واریاہ کالہٕ پتہٕ اٗسن
نوکری تراٗوی تھے ژھٕنۍ مژ۔ یتھِین حالاتن منٛز چھےٚ وٕظیفہٕ ملینٛچ وومیدنہ آسنس
برابر۔ یتھٕ پاٹھی کتہٕ ہیکہِ امداُک دعویٰ تہٕ کرنہٕ یتھ...... یہِ چھےٚ گاٚمژ کتھا......سو چھےٚ
گوڈے پینٛشنکی خواب وُچھنہِ لجمژ ہی ہی......خوش فہم خوتون چھےٚ سو''۔

''تہٕ چھُ پوٚز......سو چھےٚ یکدم پژھ کران...... کیاز ِ سو چھےٚ سیٚز تہٕ نیک دل
زنانہٕ......توے چھےٚ کانٛہہ تہِ کتھ پزٕ مانان......تہٕ......بیٚیہ......سو چھےٚ یژھے......تہنٛدِ
بدلہ چھسے بوٗ معاٗفی منگان''۔سونیا یہِ وۄن تہٕ ہیوٚتُن نیرُن۔

''مگر وُنہِ کتہٕ بوٗ زتھے ژےٚ تہِ،یہِ مےٚ وُنُن چھُ!''۔

''آ...... کتہٕ بوٗ زُم''تمہِ وۄن بے غرض پاٹھی۔

''تیلہِ بیٚہہ رژھہِ کھنٛجہٕ''سو اٗس حدٕ روٗس دُوانہِ گمژ۔تہٕ گرتھ تہٕ پتھ بیٚیہ
تژ یمہٕ پھرٕ پتھر۔

''تس بچارِ تہٕ تہنٛد بن نِکبن نِکبن بد قسمتھ شُر بن ہنٛز حالتھ وُچھتھ سپد میون دل
شاد،یہِ زن مےٚ گوڈے وۄنمے،یہِ میانہِ جانٛبہٕ سپدِ تھ ہیکہِ سو خدمت آیتن تھاوِتھ۔بوٗ ما
ہیکہٕ پننہِ بترٕ ایزادٕ گرتھ......امہِ باپتھ پزٕ دراصل چندٕ گرتھ اکھ بوٚڈ رقم جمع کرُن۔ چھِنا
یتھِین حالاتن اندر یار دوست،پنٕنۍ وو پرپننہِ مقدور مطاٗبق لوکن مدد کران۔اٗتھی
مسلس پتھ اوسُس بوٗ دراصل ژےٚ ستی کتھ کرنی یژھان اگرے وُنو تیلہِ ہیکہِ اتھ

پٹھ کاروٲیی کرنہٕ یِتھ"۔

"آہا...... یہِ چھُ ٹھیک......خدائے دِیی ژےٚ امیُک معاوضہٕ......" سونیایہِ وۄنُس گروکھ نبنھگاوِتھ۔

"یہِ ہیکہِ سپدِتھ مگر اتھ متعلق کروٲسۍ بێیہِ وِزِ کتھ۔ أزی تہٕ ہکو کرِتھ امیُک ذٕسلابہٕ"۔

ازشامنس کروٲسۍ اتھ پٹھ کتھ تہٕ دِمواتھ نیک کامہٕ کن۔ ژِیی زِمےٚ نِشہِ تیلہِ شامنس ستہِ بجہِ۔ جناب لیباز تنکوف تہِ کرِتیچ مےٚ ووِمید چھےٚ اسہِ اتھ کامہِ اندر مدد۔ مگر اکھ کتھ تھاوے گوڈے ذٕنتھ تہٕ امی باپتھ دتِمے ژےٚ صوفیاوُنی کبس یوریٚنگ تکلیف ز جمع سپدن وول پوٚنسہٕ گژھہِ نہٕ سیدِ سیوٚ دکیٹرینا ایوانوونایہٕ ہنِدِ بن اتھن منز واتن کیازِ سو کربس خاٲکی پھوکی گرِ داسماٲنی۔ تیچ ننہِ وانہٕ گوٲہی چھُ أزیُک فاتحہ سال۔ یگاہ آسبس نہٕ ہوٚچھی ژوچہِ کھێنڈ تہِ...... کھورنوٲری تہٕ نبتھہٕ نٕی آسہِ شبدرشام آسبس نہٕ مگرازچھن پرٕھبن باپتھ جمیکارم أنۍ مرٕ تہٕ مےٚ چھُ باسان کفتہٕ......تہٕ کاٲفی ہُنٛد انتظام تہِ چھُ...... یواوسُس وِنی ایاٲرکی تہٕ سورُے وُچھِتھ آس۔ یگاہ چھُکھ بێیہِ ژےٚ اے پرن پیوٚن یِیلہِ چانچہ ہوکھنکھ۔ کاٲژاہ بیوقوفی چھےٚ یہِ۔ اتھ نہ کانٛہہ معنی تہٕ نہ مطلب۔ خاٲرمیانہِ خیالہٕ چھُ چندٕ کرُن ضروری مگر اُمس ناشادموندِ گژھہِ نہٕ روپین ہُنٛد کنن گژھُن۔ ژےٚ اوت چھکھ اتھ سرس واقف۔ چھا ٹھیک؟" "مےٚ چھُنہٕ مولوٗم......بوٚ کیاہ ونہٕ یہِ کوٚرتمہِ ڈمبرٕ منز گوڈنچہ پھرِ......سوأس یزٕھان تھێکِتھ فاتحہ کرُن۔ تس اُس خاٲہش تٔہنٛدِس یادس منز بوٚ ڈفاتحہ کرٕنچ۔ نتہٕ چھےٚ سو پوٚرٕ کاڈبو۔ خاٲروونی یہ ژےٚ مُنأسب باسی بوروزٕ چاٲنی سبٹھیے سبٹھیے...... بلکہ تم ساٲری......چاٲنی مشکور......خدائے کری امیُک اجر عطا......تم یتیم کرنے دعایہِ خاٲر......"۔

سونیایہِ پھُٹوٚ أشِہ گنڈ

"خاری وونی گو سورے رُت۔ کتھ تھاوی زِ پانسے نشہِ۔ وونی کر کھہٕ ژٕ پننین یمن انگن ہندِ فائید خاطرٕ یہِ حقیر رقم قبول یُس بو وُنی کبس دِتھ ہکبہٕ محض پننہٕ چندٕ منزٕ، پوٗزبو چھُس یژھان زِ میون ناو گژھہِ نہٕ اتھ سلسلس منز گنہِ جایہِ دأیرنہٕ یُن۔ یعنی پےٚ اِی گژھہِ نہٕ کانٛسہِ لگن......رٹ یہِ چھنہٕ تیوٗت بوٚڈ رقم کینٛہہ......چونکہ بو چھُس وُنی کبس پننوٕ پریشانیو آورمُت امہِ کِنی ہکبہٕ نہٕ امہٕ کھوتہٕ زیادٕ دِتھ......"۔

تہٕ پہٕٹر پیٹر ووچن پلہٕ ونوٗ ہیٛن اکھ یُس تمی گوڈے منٛزرأوِتھ تہٕ واش کڈِتھ تھوومُت اوس۔ سونیایہِ روٗٹ یہِ مگر رنگ گوس قرِمز پوٚٹ ہیٛو۔ کُنی ووتہِ وُژھ تھوٚد پانس ستی اُس کیٛا ہتام ونان شاید ووٗنُن شکریہ تہٕ اُتھی ستی ہیوٗتُن نیرُن۔ پہٕٹر پیٹر ووچ پوٚک تس اخلاق تہٕ شائستگی ہاونہٕ باپتھ دروازس تام ستی۔ اَخرس درلیہِ سو کمرٕ منزٕ بمشکل نبرسو اُس پریشان تہٕ پھُٹی ہتوٕ کوٹھوٕ کیٹرینا ایوانوونایہِ ہندِس کمرس کُن پکان۔ سخ دولابس منزٕ اُس۔

اتھ ساری سِے وقتس اوس لیباز تنکوف یاتہٕ دارِ نشہِ نتہٕ اوس ئلی اورٕ یور کران یہِ خیال تھاوِتھ زِ یمن دون ہنزِ کتھہِ باتھہِ منز گوژھنہٕ یہِ ٹھوٚربُن۔ سونیا تھے نبر درلیہِ سہ آو پہٕٹر پیٹر ووچس نشہِ تہٕ روٗٹن چیرٕ سان توہند اتھہٕ پننین دون اتھن منز نہایت ممنون روٗزِتھ۔

"مےٚ بوٗزتہِ تہٕ وُچھتہٕ سورے" سورے لفظس پٹھ زور دِتھ کوٚر تمی کتھہِ ہُند ابتداء...... یوہے چھُ بجر۔ میون مطلب یہے چھےٚ انسانی ہمدردی تہٕ گرِتھ اوسکھ یژھان ناوگو ژھمہ نہٕ نوٚن نیرُن۔ مےٚ تو رفکرِ! حالانکہ یوٗتاہ ترقی پسند آسنہٕ باوجود ہکبہٕ نہٕ بو یہِ گرِتھ مےٚ پزٕ یہِ کتھ تسلیم کرٕنی۔ ییٚہِ چھُ مےٚ اُصول زِ کانٛسہِ گژھہِ نہٕ اتھہٕ تلِتھ خأرات دیٛن کیٛازِ امہِ ستی چھنہٕ بُرأی ین موٗل گلان بلکہِ چھُکھ گوڈ برنہٕ یوان تہٕ گرِتھ تہٕ ونے چانٛی یہِ حرکت وُچھتھ گومےٚ دِل خوش...... پوٚزمانٛی زِ......یہِ چھےٚ میانہِ دِلِچ

کتھ"۔

"ہے یہ کوسہٕ سا کتھ چھےٚ" پیٹر پیٹر ووچن وۄن غور سان لیباز تنکوف سٕنٛدِس بُتھِس کُن وُچھِتھ تہٕ ریفن ہُنٛد لورنہٕ آسنُک باس دِوان۔

"نہ...... کیاز چھےٚ نہٕ یہِ کانٛہہ کتھ! اکھ سُہ نفریس یُو یوے یتھ صدمہٕ آسہِ پانس وۄتمُت پانہٕ آسہِ غمہٕ ہۄت تہٕ پریشان اُتھی منٛز تھاوِ دۄیمین ستی ہمدردی ورتاونُک خیال۔ یہِ نفر کیتھ گژھہِ آسُن۔ مےٚ اوس نہٕ پتاہ ژٕ چھُکھ یتھ۔ یتھ پاٹھی چھےٚ اکھ سماجی سطحچ غلطی سرزد سپدان۔ مگر تہِ گرِتھ تہٕ چھُ یہِ قابل یزتھ عمل۔ مےٚ اوس نہٕ وہمہٕ گُمانس منٛز تہِ زِ ژٕ چھُکھ یتھ انسان...... خاص گرِتھ چانٛی خیال زانٛتھ...... کاش کہ ژےٚ آسہِ ہنےٚ نہٕ یتھی گندٕ خیالات یۄٚ تاہ بۄڈ صدمہٕ یُس ژےٚ پۄتلن پیوٚے چھُ یمنے چانٛہن گندٕ خیالاتن ہُنٛد نتیجہ" وۄنس دِلہٕ صاف تہٕ منہٕ شۄدی لیباز تنکوفن یسنٛدِس دِلس منٛز پیٹر پیٹر ووچ سُنٛد سرٕ بہہ ووتلتھ آو......"وننہٕ خاندرٕ ستی گژھہٕ ہکھا ژ امہِ کھوتہٕ زیادٕ شاد۔ میون مطلب چھُ قونونی خاندرٕ ستی۔ یُس ژھبنہٕ کنی ژٕ یۄٚ تاہ دِل ملوٗل گیوکھ۔ میانہٕ ٹاٹھہِ قابلِ قدر پیٹر پیٹر ووچہ۔ ژٕ کیاز چھُکھ خاندرٕ کس اتھ قونونی جوازس پتھ مران۔ ژٕ دِتہٕ مےٚ مارتہٕ یہِ وۄنس پیٹھ مگر بوونے بوگوس خوش۔ انتہائی خوش اتھ اوے دُلتہٕ۔ جان گوآزادرۄٚ دُکھ۔ تہٕ کم سے کم انسانی خدمت کرنکہ جذبہِ نشہِ گوکھ نہٕ جدا۔ یہِ جذبہٕ پۄشر نے۔ یہِ چھے روزٕ ونی دولتھ...... ۂچھی کتھہٕ تہٕ کمہِ وِزٕ نمے پننہٕ درٕچ کتھ!"۔

"بوچھس نہٕ چانہِ آزاد خاندرٕ کہِ تصور کنی پنٕن پان بیوقوف بناوِتھ دۄیمین مردن ہندی شری رچھنی پانٛنی یژھان۔ اوے کنی چھس قونونی طور جائز خاندر کرنہٕ کہ حقہ۔ توگیہِ بوزُن؟" پیٹر لُذہن زون جوابہٕ رنٛگی کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ونن مناسب۔ نتہٕ اوس تو ہنٛد دِمباغ خبر کمہِ خیالہ آوٗر۔

"یۄٚ تام ووِنی بچن ہُنٛد سوال چھُ؟ یمک ناژےٚ حوالہٕ دیتھ" لیباز تنکوفن کوٚر

یکدم زنتہٕ جنگی گُری ہٕندی پاٹھی بگل بجتھٕ پھدی پٹن دفاع شروع' شُر بن ہُند سوال چھُ سماجی نوعیتُک تہٕ اکھ سبٹھٕے اولین اہمیتُک سوال۔ بو چھُس یہِ مانتھ اما پوٚز بچن ہٕندِس سوالس چھُ بیا کھ حل بدس۔ کینٛہہ چھی نہٕ بالکل شُری تھاوِنی یژھان کیازِ امہِ ستی چھُ گرِ بار بارسس یِوان خارشُر بن ہٕندِس سوالس پیٹھ کرو پتہٕ پہن کتھ گوڈٕ کرونیک نامی ہٕندِس سوالس پیٹھ کتھ۔ یو سہٕ میأنی وأحد کمزوٗری چھےٚ ییمیُک بو برملا اعتراف کران چھُس۔ مگر خوفناک شُر بن ہُند فوج پشکن ہٕند بن لفظن منز پتھ کُن تژاوُن آسی نہٕ ینہٕ والہِ زمانٕکین لوکن ہٕنزِ ڈکشنری منز۔ تم آسن نہٕ اتھ متلق سونچان تہٕ۔ اتھ قونونی خاندرس، گربار، شُری باژ پتھ کُن تژاونک کیا خاص مطلبا چھُ! ۔ یہِ چھُ بکواس ییٚہہ نہٕ رکھنی۔ بس بکواس۔ ییٚلہِ زن اتھ مقابلہٕ آزاد خاندرس منز کانٛہہ دوکھہٕ دٕہی چھےٚ یی نہٕ! کانٛہہ جنجال نہٕ۔ یہِ چھُ فقط تہٕ فقط قونونی طور جائز خاندرُک فطری نتیجہ۔ یتھ آزاد خاندرُک تصور اصلح کران چھُ ...... یہِ چھےٚ رِوایتس ستی اکھ اہم بغاوت ...... لہٰذا چھےٚ نہٕ اتھ کانٛہہ بزگأری ...... کانٛہہ شرم ...... فرض کرو ...... گوڈٕ ینہٕ سپدی زانٛہہ تہٕ پزِ نہٕ فرض تہِ کرُن ...... خارفرض کرو بوزن کرِ کانٛسہِ کورِ ستی خاندر یعنی قونونا باضابطہٕ نکاح۔ یو ونہٕ تس سبٹھٕے وتھہِ دلہٕ تہٕ بےٚ پھرٕ ژوک پاٹھی، ہتے میأنی آشینٛی ...... وُنستام اوسہٕ سے یو ژےٚ محبت کران تہٕ ووٚنی ...... ووٚنی چھُسے احترام کران کیازِ ژےٚ دِتھ ہاوِتھ زِ ژٕ ہیکھ احتجاج گُرتھ۔ توہند مےٚ ستی خاندر کرُن تہٕ آسہِ سماجہِ خاطرِ ڈٕرچاتھ۔ زبردست احتجاج۔ کیازِ سو ماہیچ سماجی ظلمہٕ نشہِ بچتھ ......" ہے ژٕ چھُکھ اتھ پیٹھ تہٕ ہی ہی گُرتھ اسان! دراصل چھُکھ ژٕ سماجی گنڈ تیو ژوپمت ...... اچھا ژھن اتھ بلاے۔ یو ونے ژےٚ مےٚ کیاہ چھُ فکرِ تو رُمت زِ دستورِ مطأبق خاندر گُرتھ کنبتھ چھےٚ دون باژن پانہٕ وأنی ناچأتی گژھان تہٕ چھےٚ تارن گری بارسس یِوان۔ یہِ چھُ لنڈ ہتھ اُخرس تام دوکھے دوکھہٕ آسان تہٕ نتیجہٕ تہٕ چھُس دوکھے نیران۔ یتھ منز دوشوٚنی پریشأنی ٹکنی پیوان

چھی ۔ ییٚلہِ کتھ واضح تہٕ صاف آسہِ زِ تتھہٕ پٲٹھی آزاد خاندرٕ کِس تصورس منز آسان چھےٚ تیٚلہِ کتہِ آو دوکھہِ لفظے بارسس ۔ یہِ چھُنہٕ سوچس منز تہِ یِوان ۔ گرٕ واجینٛ چھےٚ پننِس مردس حتی الامکان خوش تھاوٕنچ کوٚشش کران تہٕ ثابت کران روزان زِ خاندارٕ سُند کوتاہ احترام چھُس کیٛازِ مردس چھُنہٕ برداشت گژھان تسُند کانٛسہِ بیٚیس مردس سےتی رشتہٕ بڈاوُن تہٕ چھُ تسنز مخالفت کرنہٕ بجایہِ پانٛ پانس انتقام ہیوان ۔ سو چھےٚ اُمِس نااہل زانٛتھ یزتھ کران تہٕ پانہٕ مسایہِ ژٹان ۔ یہِ چھنا دوشوے اکھاٛ کِس دوکھہِ دِوان ۔ اتھ برعکس اگرے بو باضابطہٕ قونونی خاندر کرٕ مثالہِ پٲٹھی بودمن تس اکھ عاشق تہِ ڈالہِ رٕنگی بشرطیکہ سو ہیکہِ نہٕ پانہٕ پننِس عاشقہٕ سُند انتخاب کٔرتھ تہٕ سودلہٕ ونس یہِ چھسے بو چانٛس لوٗس قدر کٔرِتھ ژےٚ پننٛ ڈالی دِوان ۔ روز خوش تہٕ میون احترام رچھمےٚ جرأت مندزانٛتھ ۔ مارجورِ پننِس نوٚس عاشقس سےتی ۔ چھُنا ٹھیک؟

پیٹر پیٹر ووچ روٗدیہِ بوزان بوزان بدستور اسان مگر ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ نہٕ کینٛہہ بو ہے ناٹسنہٕ کرنہٕ کہِ اندازٕ ۔ بوزوے تہٕ سُہ اوس نہٕ بوزانے کینٛہہ ۔ تس اوس خبر کتھ خیالس سےتی دماغ آوٗر ۔ آخرس پتھ توٚر لیباززِ تنکوفس تہِ یہِ فکرِ زِ سُہ اوس کتھ تام پریشانٛی اندر اتھہٕ مُران...... لیباززِ تنکوفس ییٚلہِ یہِ پتہٕ یاد اوس پوان سُہ اوس بازگشتس منز اتھ پتھ سرٕنی پٲٹھی سرٕان سونچان ۔



۱ فرانسکٹ اکھ ریاضی دان تیمی حرارتکہ ترسیلی نِظامُک مطالعہ کوٚر ییٚہ فوریری جایزٕ ہ نظام بارسس اوٚن ۔ سُہ اوس اکھ اصلاح پسند یُس بین الاقوامی سطحس پتھ اخوت تہٕ یکت پژ ولنہٕ باپتھ سماج نوٚسرٕ ترتیب دینٛک خاہشمند اوس ۔ (۱۸۳۰-۱۷۶۸)

# (۲)

دبماغہٕ ڈُجمٕژ کیٹرینا ایوانو ونایہٕ کتھہٕ آو فاتحہ بتہٕ دِنک فضول خیال۔ اتھ کتھہٕ گیٛنٛز کڈنی چھ مُشکل۔ مارمیلادوف سٕندِ کفنہٕ دفنہٕ باپتھ یُس وُیُن تس رَاسکولنکافن دیُت تمی منٛزٕ کوٚرتمہٕ ڈیُن اُتھی پٹھ ضایہٕ۔ شاید اُس کیٹرینا ایوانو ونایہ پننس خاندارٕ سٕندِ مرنک ناو تھاونہٕ باپتھ پننین کرایہٕ دارن بلکہ زیادٕ پہن ایملیا ایوانو نایہٕ ہاوُن یژھان زِ مرن واٗلی سٕنٛد مرتبہٕ اوس نہٕ کُنہِ رنگہٕ کم تہٕ نہ چھےٚ یہے کانٛسہِ ہنٛدِ کھوتہٕ وَسی پایہٕ بلکہِ چھےٚ یمن ہیوٚ رُے پووا۔ یہِ سال کوٚرامہِ دُنیاوہیوٚژ لکُن ہاونہٕ خاطرٕ۔ غریبن چھےٚ ژبنگ آسانےٕ اَکس بٕیٛس کھوتہٕ زیادٕ۔ یم ریٛژن ربو اَیژن ہنٛدی زبردست لاٗری آسان چھی پننہٕ ٹینٛٹھ تھاونہٕ تہٕ "لُکھ کیاہ ونن" خیالہٕ چھی یم پٔنن چنٛدٕ خاٗلی تھاوان گرِتھ تہٕ بعضے چھی ووزُم گرِتھ تہٕ ژوچبن سوٚر کاسان اِدٕ پتہٕ متہٕ اُسی تن پگاہ کیٛت شبدرِشام مگر دلس چھکھ شادمانی گژھان زِ نوٕ ٹکبن نٹمن پیٹھ کھٔتی۔ کیٹرینا ایوانو ونایہِ اُس دراصل یِی یژھان زِلوٗکھ گژھی تس آسن باسن واجینٛی مانٛزِ۔ تِمس اوس واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ یتھہ موقعک اُور زووے۔ تس اوس احساس زِ تٔہنٛدی کرایہ دار چھی سوحقیر تہٕ فقراٗنی گنٛزراۓتھ تس نشہِ لوٚب ہواِن امہِ دعوتہٕ ستی اُس سو سارنے ہاوِتھ دیُن یژھان زِ سو چھےٚ بڈٕ گرٕچ اَکس نامور کرنل سٕنٛز کوٚریٛمی سو آداب زندگی تہٕ پژھبن ہنٛزِ خاطر داٗری ہنٛد سلیقہ لوکہِ پانہٕ پیٹھے ہیٛچھنا وہٕ مژ چھےٚ۔ لُکہِ ہنٛد بن گرن گوٚھتھ لوٗن ڈوٗن تہٕ راٗژ پہرن اندر لکہٕ شُرہن ہنٛدی زچہٕ پلو چھلنی چھوٕ کنی تہٕ یتھہٕ کُنی موٚزوٗری گرِتھ آنہٕ ژور کماوُن اوسنہٕ توہنٛد لوٗگ لوٗن۔ یہِ چھےٚ تسنٛز خاندانی شرافتے یمہٕ کنی سو مارمیلادفس شیر لاٗگتھ روٗزتمہِ کوٚرمٕتن

عہد پورٕ تہٕ دوٕن بأژن ہنٛز پڑھ قایٔم تھأوِتھ روٗز تِتھس ماحولس منٛز روٗن زوٗن کران نتہٕ اگرے ییٚژھہِ ہالتس أتی تژ اُوِتھ کرِ ہا شاہانہٕ زندگی بسر۔ یہِ چھےٚ تہنٛزے کلین زِ یِتھین حالاتن منٛز گیہِ نہٕ پاگل۔ ہیمتھ ہأرن نہٕ تہٕ زندگی ہُنٛد ہگر روٗز پکناوان نتہٕ گوٚھ سوکرتام مؤمژ آسنٛ ...... تمہِ دیُت نہٕ حالاتن ہنٛدِ بڑبکھہٕ ہیمتک کمر پھُٹنہٕ۔ سونیایہِ ہُنٛد یہِ وُنن اوسنہٕ یِتھے زِتس (کیٹرینایہِ) گوٚنہٕ ناموأفق حالاتوٕ ستی دِماغس ژٕکی پھیُر۔ پاگل ہسکوس نہٕ وٕنتھ حالانکہِ پتیٚ مِس وٕری یس کھنٛڈس آے تس تم دُلتہٕ زپریشانٔیو کنٛز روٗدُس دِماغس پیٹھ سخ دباو۔ ییمہِ کنٛز کُنہِ حدس تام ڈٕجمژ تہِ ہیکہِ ہے اُستھ۔ ڈاکٹرن ہُنٛدُے وُنن چھُ زِ ییٚلہِ دوکھہٕ تہٕ پریشانٔین ہُنٛد دباو بڈان چھُ یہِ چھُ أتھرِ ہنٛدی پأٹھی دِماغس توٚئنہٕ توٚئنہٕ کران تہٕ سونچنہٕ سمجنٛچ صلاحیت چھےٚ مُتأثر گژھان۔

پڑھین خأطرٕ أسی نہٕ شرابکی اعلیٰ اقسام تھاونہٕ آمتی تہٕ نہٕ أسی گُفتے مگر شراب اوس وُڈکا، رم تہٕ لیسبِن شراب یم زن وٕسی پایکی شراب قسم چھی، اکھ کتھ چھی، اوس اُتل گُتل۔ عام پأٹھی یُس بتہٕ تہٕ ماچھ دِنہٕ یِوان چھُ تمہِ علاوٕ آسہِ بیٚیہ ترٛیٚیہِ یا ژورِ تر کاریمہٕ ایملیا ایوانونایہِ ہنٛدِس دان گُٹھس منٛز تیار کرنہٕ آمژ آسہِ۔ زِ سماوار أسی گژبکہٕ گژبکھ کران یمن منٛز دمہٕ چاے، بتہٕ پتہٕ پڑھین دِنہٕ خأطرٕ تیار بہ تیار تھاونہٕ آمژ أس۔ پڑھین ہنٛزِ خأطر دأری ہندی چیز أسی تمہِ پننہِ نگرأنی تل بازرٕ أنی مِتی یِتھ منٛز أمِس تمی پوگلستأنی کرایہِ دارن مدد کوٚر یُس بچور خبر کیا زِ محترمہ کوشلہ ہنٛدِ درماندٕ پیوٚمُت اوس۔ تمی تھوو محترمہ کیٹرینا ایوانووناہِ ہنٛدِ خدمتہٕ خأطرٕ پان آیتن۔ امہِ دوہہ صبحہٕ پیٹھے بلکہ اکھ دوہہ برٛ وٕنٹھہٕ پیٹھے اوس سُہ دوٕ دوٕ کران ڈٕپویٚ تاہ زنگن سقت اُسس تیوٚ تاہ اوس گنہٕ گیوٚر کران تہٕ یژھان اوس پزٕ بتھ أکس گوٚژھ اوہند یوٚ تاہ پان ژٹن فکرِ تژن لوچِن لوچِن کتھن پیٹھ اوس بُدی کیٹرینا ایوانونایہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کنس تل پرٛژھنہِ گژھان۔ سوزن گژھہِ ہے بازرتوٚری اوسُس یِتے سبدان تہٕ "میٛأنی ڈبکہٕ بجی" وٕنتھ آلو دِوان۔

تقریب اندواتنہٕ برٛونٹھے اُس تس تٔہنزٕ نکھ گأمٕژ حالانکہ گوڈٕ اوس تمہٕ باآواز بلند وٚنمت زِ أمِس ''خدمت گذار'' تہٕ بلند حوصلہٕ شخصہٕ ہِنٛدِ مدِٕ ورأے امہٕ تقریبہٕ ہُنٛد انتظام کرُن اوس ناممکن۔ دراصل اوس کیٹرینا ایوانو ونایہٕ یہٕ عادتھ زِ کأنٛسہٕ شخصس ہِتی ملاقات گژھہٕ وُنے اُس تس تأریف کٔری کٔری وُڈٕ ناوان۔ بعضے اُس تس تیتیاہ تعریفہٕ کران زِ سُہ نفراوس عأرقہٕ سٔری گژھان۔ سوٕ اُس تِہنٛدی تم گون گنٛزراوان یمن ہِنٛدِس بناہس پیٹھ کانٛہہ تہٕ تھدِ کھوتہٕ تھوٚد نفرتس پٔنٕن یار بناوِہے۔ تہٕ باضے اوٚسس یمن من گرٛتھ قصن پیٹھ پانس تہٕ یقین گژھان اِدِ کیاہ اچانک پأٹھی زنتہٕ طوفان ووتھان اوس تہٕ اُس أمِس دوٚن پلن دوٚنی دِوان، دوٚنژھ رأوِتھ ترٛاوِہس۔ اول وانگن نوٚن کڈِتھ أمِسس ساجُک نوسور مانان خیالٕ اوٚسس نہٕ روزان وٚنی گژھ تام گرِ برٛونٛہہ اُس سو تس سبٹھاہ اعلیٰ نسب تہٕ بالاحسب گنٛزراوان۔ ویسے اُس کیٹرینا سبٹھاہ نرم طبیعت زندٕ دل تہٕ امن پسند خوتون چونکہ ولہِ ولہِ ییوس ناکأمی ین تہٕ بدقسمتی ین ہُنٛد بُتھ وُچھن یمہِ سببہٕ زیرٕ ہِتی وولان اُس تہٕ وچھٕ ژٹتھ پننہِ تقدیرٕ کی باروٚ دِوان تہٕ دوٚن ٹھولہٕ ترٛاوان اُس ''کیاہ أمِسس تہٕ کوٚت وأژس۔ سوٚن اُستھ کوٚ رنم سر تل تقدیرن''۔

ایملینا ایوانو نایہٕ تہٕ کأژاہ قدر ہُرے یہٕ تٔہنزٕن نظرن منٛز کوتاہ یِزتھ أمِسس کران شاید اوٚکنی زِ تمہِ کوٚر وژھہِ وأنٛجہِ انتظام۔ تمہِ کوٚسہٕ کأم کٔرنہٕ۔ میز لأرکن۔ تِمن ترٛاوِن پیٹھہٕ شیٹ۔ کرٛاکری تھاوِن سجأوِتھ۔ سأری چیز کٔرن پننِس دان کُٹھِس منٛز تیار۔ کأژاہ گرٛیکھ وٚزھس مگر اسہٕ وِنہٕ ہونٛجہ تہٕ ژُکہِ سان کوٚرن سوٗرے بندوبست تہٕ کیٹرینا ایوانو ونایہٕ تہٕ اوس سوٗرے کٔرمُت پُشر وومُت تہٕ پانہٕ گیہٕ قبرستانس پیٹھ۔ سوٗرے بندوبست اوس طیس پیٹھ تہٕ شاندار۔ میز پوش اُسی زرقہٕ برقہٕ کران۔ کھبنہٕ بٔنی۔ چھرِ۔ کانٹہٕ۔ گلاسہٕ اُسی مختلف قسمن، رنگن تہٕ سأیزن ہِنٛدی یِم تمہٕ باقی کرایہٕ درن نِشہٕ منگِتھ أنی ہِتی اُسی مگر سجأوِتھ اُسن تمہِ طریقہٕ تھأوی ہِتی زِ یِم اُسی تقریبہٕ ہُنٛد حسن تہٕ

کُشش بلیمتی ۔ پانہٕ تہٕ اوسن موقعہ محل وُچھتھ کرٕہنہٕ سلکہٕ ہُند سوٗٹ لوگمت تہٕ ٹوپہٕ تہٕ اُسن نوٗی کرٕہنی ماتمی ربن لاٗگتھ تھاوی متی تہٕ قبرستانہٕ پیٹھٕ بازِینہٕ والین فاتحہ گراٗگن اُس پاننیارِ سان استقبال کران ییمہٕ تلہٕ باسان اوس زِ پننہٕ کارکردگی پیٹھ چھےٚ سو فخر محسوس کران تہٕ داد یژھان ۔ اکہٕ حسابہٕ اوس توہند یہ باس دِینُن مناسِبٕ مگر کیٹرینا ایوانوونایہٕ گنٛڈٕن زن امہٕ ستی رہہ۔ ”ایملیا ایوانوانایہٕ وراۓ زنتہٕ میز ہیکہٕ ہے نہٕ یتھہٕ پاٹھی کہنی لاٗگتھ“ سو اُس سونچان تمس کُھر تہنز ٹوٗپی تہٕ یتھ نوٗی نوٗی ربن لاٗگتھ اُسی ۔ ”اُمس کیاسنا دزِ بزٕ چھُ؟ یہ ٹنڈم ماسنا چھی سونچان یہِ چھےٚ ییمہٕ مکانچ مالکینٕ تہٕ پننین غریب کرلیہِ دارن اتھہٕ شہلاۓ وِتھ تھاوُن ییمن کانٛہہ مِنتھ ۔ ہنہہ اتھہٕ چھم شہلاوان۔ ہتے بچاٗری! کیٹرینا ایوانوونا ہے چھےٚ کرنل سنٛز کوٗرسُہ ہے اوس گورنرس برابر یس اکی اکی پھرِ ژتجی ژتجی پژھی یِوان اُسی تہٕ توتہٕ نے دِژون نہٕ ایملیایہٕ ہشَن کوکربن بلکہ دریافرانستوناہشہٕ بجہ دیدِ تام دان گُٹھس منز اژنہٕ“۔

بہر حال کیٹرینا ایوانوونایہٕ کوٗرنہٕ وُنی کنٛہس پننین جذباتن ہُند اظہار بلکہٕ زوٗنن مناسب وُنی کنٛہس نہٕ اُمس چکُن کینٛہہ تہٕ فقط ہٕند رٕ ہاوُن ۔ دلہٕ اٗندری کوٗرن فاٗصلہٕ زِ ایملیا ایوانونایہ ہیٚیہٕ سو وقتس پیٹھ خبر یتھ سو پننو جامونبر نیرنہٕ تہٕ کھسہٕ اُمس نوبہٕ تہٕ پتاہ چھنہٕ کمن گرٕبن کھسہٕ لہٰذا گیہٕ پتھر ٹھاسونی پوٚز وُنی کنٛہس گیہٕ ژبڈ کرٕنی۔ کیٹرینا ایوانوونا اُس اِوکنہٕ تہٕ تتر کھرٕ منزِ فاتحہ سال ییمن کوٗرمت اوسن تموٗ منزٕ اوس نہٕ قبرستانس پیٹھ اکھ تہٕ آمت ماسواۓ پوگلستاٗنی ژھوٹہٕ گوگل تیٚمی منزی ووٹھ ژٕھلتھ قبرستانس پیٹھ تہٕ اُمس بُتھ ہوویلہٕ زن امہٕ وُچھ سال کھینہٕ چھی تم کرلیہ دار آمتی ییم نہٕ زِ پوٗنسہٕ تہٕ لون ییم ہیٚچھہٕ وِنی تہٕ بوچھہ ہتی تہٕ کینٛہہ عادی شراٗبی چھی ۔ نادار تہٕ ناہنجاٗری اُتی اُسی ژستھ آمتی ییلہٕ زن بزرگ تہٕ سبٹھہے یزتہٕ واٗلی زنتہٕ پانہٕ واٗنی کتھ کرتھ پتھے رُوٗدی متی اُسی ۔ کیٹرینا ایوانوونایہ دراوٕ ییمن نادارن پٹن بجر ہاوُنک شر خاص کرتھ

نی تون پیپٹر پیپٹر ووچ لُذہن یُس سارِوے کرلیہِ درومنز زیادٕ معزز گنز راونہٕ یِوان اوس۔ سُہ تہِ اوس نہٕ نظری گژھان حالانکہ کیٹرینا ایوانوونایہِ اوس سأری ہے دُنیا ہس مثلن ایملیا ایوانو نایہِ، فرانستو نایہِ، سونیایہِ تہٕ اُمِس پوگلستأنی کرایہِ درس وۄنمُت زِ سُہ چھُ سبٹھاہ بۄڈ موہنیوٗ۔ انتہأیی نیک دل، آسن باسن وول تہٕ اثر ورسوخہٕ وول شخص، تِہنٛدِس گوڈنِکس خاندارس اوس قریبی یارتہٕ مالنی وتہٕ اوس تِمن گرٕ باٗژہیوٗ تہٕ تِمۍ کورتس وعدٕ زِ سُہ کرِ پننہِ اثر ورسوخہٕ تِہنٛدِ خأطرٕ ضرور پینشن حأصل۔ پیٚتبتھ چھےٚ یہِ کتھ یادتھاوٕنی لایق زِ کیٹرینا اُس نہٕ کأنسہِ شخصہٕ ہنٛدی تأریف یادولٔنگ بجرٔ نہٕ ذأتی مفادٕ موجب تھبکان بلکہ اُسس ہیےٚ ہنٛدی تأریف کرنہٕ وۄندس شہلتھ ہش پیوان۔ تس باسیو ولذہنس کُن وُچھی تھےٚ آونہٕ شاید لیباز تنکوف ذلیل تہٕ۔ تس کیا سنا چھُ پان باسان؟ تِمس پرٛژھوم محض امہٕ کِنی زِ سُہ چھُ پیپٹر پیپٹر ووچس ستی روزان۔ پرٛژھوس نہٕ تہٕ زٕٹ گژھہِ ہس۔ مےٚ آو عارتہٕ وۄنمس ژٕتہٕ یی زِ۔ تس تہٕ کھوٚت کاڈبن کولس۔ یم ذی عزت لکھ سالس آےٚ نہٕ تِمن منز اُس سوخوش پوشاک بڈٕنی تہٕ تِہنز اڈورٕ انہٕرش کورتہٕ یمن وُنہٕ پچھ تہٕ اور کرایہِ پیٹھ روزنہٕ آمتس گومُت اوس نہٕ تہٕ واریاہ پھرِ گرٕن مکانہٕ مألکینہٕ شکایت زِ کیٹرینا ایوانوونایہِ ہنٛدِس کمرس منز چھُ کرٛ بکہٕ نادتہٕ ہنگامہٕ آسان خاص گرِتھ ییلہِ مار میلادف شراب چیتھ یِوان چھُ تہٕ یمن چھُ سوکھے راوان۔ تِہنز یہِ شکایت اُس تمہٕ ایملیا ایوانو نایہِ ہنزِ ے زِیوٚ بۆزمژ ییلہِ تس کیٹرینایہِ ستی ہرگیہ تہٕ تمہٕ دکی دِژس زِ یوژٕھنتھ کمرٕ منزٕ کڈِتھ تہٕ کرٛبکھ دِتھ وۄننس توہی لِو ونہٕ ''سورٕے گرٕ پأزارمل''، تِمن کرایہِ درن ہُنٛد یمن توہی تکلیف واتناوان چھِو۔ کیٹرینایہِ کور رفأصلہٕ یمن دۄشوٕنی ماجہِ کوربن سالس پرٛژھنگ یہُنٛد سو بقول ایملیا ایوانو نا ''پأزارمل تہِ لوِہے نہٕ''۔ سو ییلہِ تِمن سمکھہٕ نہٕ گیہٕ تمو دۄشوٕے ماجہِ کوربوُ وُچھےنہٕ تس کُن تیُتھ تکبراوسکھ زِ دۆرِ راوس تس فکرِ تران یمہٕ چھےٚ تس نفرت کران۔ دعوت گرِتھ اننہٕ ستی اُس سو تِمن باور کرناوٕنی

یژھان زِ سو چھےٚ احساسا توتہٕ خیالاتو ،کنٔی پابجر تھاوان تہٕ کینہٕ تھاون واجینٛ چھنہٕ ۔ تِمن تر دعوت کھبتھ پانے فکرِ زِ سو چھےٚ بڑِ مانٛیلنج کٔو رأسمژ تہٕ چھنہٕ دوہے یژھ پس پسارِ زندگی گذاران اُسمژ ۔ سو اُس یژھان سال کھنہٕ ،کس موقعس پیٹھ گژھہِ تِمن اُ ہندس مأنٛی سُنٛد روتبہٕ فکر ترنُ زِ سُہ کمہِ پایک گور نراوس ۔ ءتی تارِکھ فکرِ تمہٕ کأژاہ کمینہٕ چھےٚ زِ تِمو پھر گردن سوٗ وُچھتھ یہِ ،کرژھ ذیادتی گرتِمو ۔(سونچان اُس سُہ موٹہٕ کرنل میجرتہٕ کیا ہٕئیو و ۔سُہ تہِ آوِ ے نہٕ ۔سُہ چھُ یزٕی کمہِ تام لوکچہِ رینکہِ ہُنٛد خارج کرنہٕ آمُت افسر اوسمُت )ءتی آس خیال زِ پتٕی مین دون دوہن اوسنہٕ سُہ پانہٕ تہِ پننین جامن منٛز تمی ،کنٔی آسنہٕ آمُت ۔ موٗژان موژان اُسی اتھ تقریبہِ پیٹھ اکھ یو ہے پوگلستأنٔی کرایہ دار، اکھ درج ہیوٚر کلرک یُس بُتھِس مُسری داغ دٔو رِ بوزنہٕ یو ان اُسی تس اوس مالِہ کوٹ لأ ،گتھ ییمہِ ،کنٔی سُہ بیٚہن نازیبا باسان اوس سُہ اوس نہٕ اکھ کتھ تہِ ہبکان گرِتھ تس اُس گانٛڈ یو ان ۔ بیٚیہِ اوس اکھ زٔورتہٕ چِپہ کون بُڈیُس کرتام ڈاکخانٕچ ملازمت کران چھُ اوسمُت ۔ سُہ چھُ اکِہ نامولوم زمانہٕ پیٹھہِ ایملیا ایوانوانا یہٕ ہندِس کرایہِ سیٹس منٛز روزان آمُت ۔ تو ہنٛد کھبن چیٖن تہٕ تہنٛز کفالت چھُ خبر کُس تام وتران آمُت ۔

بیٚا کھ نفر تہِ آو شمولیت کرنہِ یُس رسدات محکمُک ریٹأر گومُت کلرک اوس سُہ اوس شراب چیتھ بدمست ۔ کُرتنہٕ فسکا اُسن لأجمژ تہٕ بس نہ سدٕری پیٹھ تہٕ نہ بدل کینہہ ۔ سُہ اوس پزاٗژ ؤہری ؤہری ٔلی اسان تہٕ کیاہتام ونان عأنٛی زنتہٕ گُپن درامُن کران اوس ۔ اکھ نفراہ آو تہٕ گوسیوٚ دُے میزس نِشہِ بیٚہنہِ ۔ کیٹرینا ایوانو ونا یہِ کُن وُچھن تنہٕ تہٕ سلام کرنُک اوس نہٕ سوالے ۔ بیٚا کھ نفراہ آو فقط روٗت چوغہٕ لأ ،گتھ اٗنٛدرٕی اوُسس نہٕ ،کہنٛی لأ ،گتھ توہنٛد سینہٕ تہٕ سیٚنٛخ جتھ اُس من گوہلاوان ۔ یہٕ اُسی انتہأیی بدتمیزی تہٕ نا قأبلِ برداشت حرکت ۔ ایملیا ایوانو نایہ تہٕ پوگلستأنٔی کوٚر جُرعت تہٕ ژھنٛگھ واریاہ دَملہٕ ہمل گرِتھا تہِ کڈٕ تھ ۔ پوگلستأنٔی کرایہ درن اُسی بیٚیہ پوگلستأنٔی نفر پانس ءتی اٗنٛی یِتی یِم نہٕ

لتہِ روزان ٲسی۔ کانٛہہ زانہِ ہکھ نہٕ تہٕ نہ ٲسی وُنیُستام کانٛسہ وُچھیٚمتی زانہہ۔ یہِ سوٗرے اوس کیٹرینایہِ وُبوٗ دُرتلان تس لُج سخ رہہ۔ سو ٲس وُٹھ پھیشان زِ یوٗ تاہ انتظام کمہِ باپتھ کوٗرتمہٕ؟ پرٛژھن باپتھ جاے موٚکج تھاونہٕ۔ کنٛہ اوس نہٕ شُربن میزن پیٚٹھ سال کھہنُگ اجازٕ تھےٚ دنہٕ آمُت بلکہِ ٲسکھ زٕ دود مؤصمی ٲ۔ کَس کوٗنجس کُن پیٚنچس پیٚٹھ تھاوٕی ٚمتی تہٕ بزٕ ونٛٹھہٕ کنہِ اکھ صندوق تھاوِتھ تھوٚو ہکھ ٲتھی پیٚٹھ کھسن۔ چونکہ پولنیکا ٲس بڈٕ کورِہن تہٕ یمن شُربن ہُند خیال تھاوُن اوس تٔسی مٔٹہِ تھاونہٕ آمُت۔ تمِ کھیاوٕنی چاوٕنی تہٕ تمن نس صاف تھاوٕنی ٲ ٚسس اہم کام مٔٹہِ یُتھ تمِ سونہٕ گوٚبری تہٕ تہذیب دار شُری باسہٕ ہن۔ کیٹرینا ایوانوونایہِ ہُند ٲندریم نار اوس تہنٛدِس بتھِس پیٚٹھ ژھٹہٕ ماران سو ٲس نہایت خوش اخلٲقی سان پرٛژھن استقبال کرٕنی یژھان مگر کتہ! تس زنتہٕ کنٛہ کھوٚتمُت اوس۔ سو ٲس مینگی تھاوِتھ تہٕ زیلدارنہِ ہندی پأٹھی تمن میزن پیٚٹھ بہنگ اشار کران۔ تمِ کھول یکدم ایملیا ایوانونایہِ امہِ سارِکے راہ یسٔندی۔ کنٛہ واریاہ معزز کرایہ دراو ہُند گرِ آے نہٕ تمہِ لوگ تس روگہِ روگہِ وُچھن تہٕ ڈٕبکس دژٕہ کھاٲلتھ کتھ کلامہ کرٕن۔ تہنٛز یہِ سردمہری گیہِ یکدم ایملیا ایوانونایہِ محسوس تہٕ تمہِ ترٲ ونہٕ ہونٛبن تہٕ۔ اکی گرٛیٚز بہناٲون۔ تقریبہٕ ہنٛدِس ٲخرس پیٚٹھ یژھِ ناچاٲقی اوس نہٕ رُت شگون۔ خاٲر ٲخرس پیٚٹھی سٲری کھینہِ میزٕ ٹٕتھ۔

رَاسکولنکاف واٲ ژو تقریباً تمی وِزِ یلہِ تمِ قبرستانہٕ پیٚٹھہٕ واپس یوان ٲسی۔ تِتھے کٹیر یناایوانونایہِ تس پیٚٹھ نظر پیٚیہِ تس پھوجہ بوقہِ۔ تمہِ تُجہ ژنٛگرا اکھ لمہِ۔ کنٛہ زِ سارٕنے پرٛژھن اندرٕ اوس سُہ تنہا پوٚ رمُت لیوٗ کھمُت تہٕ بااخلاق۔ تس متلق اوس سارٕنے تمہِ وٕنمُت زِ مجھ دون وٲری ین اندر آسہِ سُہ پروفیسر سُہ تہٕ یونیورسٹی منٛز بیٚیہِ تِتھے سُہ آوٕ تمہِ منٛج گوڈے تس تِتھ کتھ پیٚٹھ معاٲفی زِ سُہ ہیوٗک نہٕ جنازس منٛز شمولیت کرِتھ۔ اتھ پیٚٹھ ویژھے یہِ نہٕ سوٗ کنہٕ تہٕ بہنوٗدن پانس کھوٚورِ۔ کنٛہ کیٲزِ (ڈٕچھِنہِ۔ کنٛہ ٲ ٚسس ایملیا یوانونایہِ بہتھ) شرارت آسنہٕ

باوجود اُس سو یژھان پڑھنٕ گژھِ اکہِ اکہِ ساری کھنہٕ چیز واتنہٕ تہٕ بیٖیہ ترتیب وار یُتھ تم پڑہتھ ضیافژ ہُند مزٕ وُچھہن۔ وچھ کوٗرن واجنہٕ ژاسہِ باوجود یمہِ کِنٛہ تس منٛٹہ پتہٕ منٛٹہ کتھہِ اندر رکاوٹ یِوان اُس تہٕ باسان اوس پتی مین کیٖژون دوہن دوران چھُ اُمِس زِیکھ بڈ یومت روٗزسو نیم کنہٕ پھسرا ے منٛز دلک غبار نبر کڈتھ رٗا سکولنٕ کافی سوٗرے حال باوان یُس سو وُنیُستام پچہٕ تل تھاوِتھ اُس۔ دعوتس پیٹھ کیاژِ آے نہٕ ذی یزتھ پژھی کرِ تہٕ سالہٕ آمتین پڑھنٕ پیٹھ ژٕٹی ژٕٹی تہٕ کم مذاق کری کری اُس نہٕ اسن کھنگالہٕ پتھ رٹتھ ہبکان تہٕ خاص کرِتھ اُس مکانہٕ مالکی کینٛہ خاص پاٹھی مورد الزام ٹھہراوِتھ چیستان ژٹان۔ ''یہِ سوٗرے رَہ چھُ اُمی سے لکوِ کھسان۔ ژٕ ے ادیہ سمجھ یہ لکوکس چھس یہ ونان؟ ہو ناہو!'' کٹیر ینا ایوانو نایہٕ ہووُس مکانہٕ مالکی کینٛہ کُن۔ ''وٕچھی وٕچھی کتہٕ اُچھ دولہٕ پھرِتھ چھےٚ کنہٕ گوگریوٗری کُن تھاوِتھ۔ اُمِس چھُ تران فکرِ ژِ اُسی چھی اُمی سے متلق کتھہِ کران مگر بوٗزِتھ ہیکہِ نہٕ کینٛہہ ......پُف ......فو......کولہٕ راتہٕ موٗنٛژ......

اوہ......اوہو......امہِ کمہِ سنا باپتھ چھےٚ ہو ٹوٗپہِ دِژمژ ووڈِ...... ہاہاہا...... اوٗ ہو......

اوٗ ہو......اوہو......ژٕ ے چھُیہِ تران فکرِ یہِ چھےٚ یژھان پزٕ ہتھ اَکس ہاوُن زِ یہے چھےٚ مےٚ سرپرستی کران تہٕ ییٚتھ روٗزِتھ چھےٚ مےٚ یزتھ افزائی کران؟ مےٚ دوٗپ یہِ چھےٚ بڈٕ دمباغہٕ واجینٛژ اوے دپیوٗمس ژٕ پزٕ ژھ تمن سارنے سالس یم خاص پاٹھی میاٰنِس خاندارس زانہٕ ہن۔ ژٕ وُچھی کم احمق تہٕ بیوقوف چھی امہِ سالہٕ اُنی متی......خاکروب ......وُچھی تیمِس مگری واتلس کُن بتِھس چھس مُسر بن منٛزلژھہِ بلاے......وُچھی......

وُچھی ہم پوگلستائی کولل وچاپُر کمتام۔ اوہو...... اوہو......یمو منٛزٕ چھُنہٕ زہنٛی تہٕ کانٛہہ خبر یورآمٕت۔ مےٚ چھنہٕ یمن کُن نظرٕ ے پیاٰمژ زانٛہہ......آمتی کمہِ باپتھ چھی یور......ژٕ ے وتم......وٕچھ تگہِ کیاہ چھی بہتھ ...... ''ہے پژگی صاٰبا......اچانک پاٹھی ڈژھ سوٗ اَکس پوگلستائنس کُن۔

"ہے پنچس وُچھتھہٕ مژ؟ کھۄنٛ لگے ییٚہٕ رژھا..... بیر چھے اصل پٔے لگے۔
وُڈ کا چیوتھہٕ کِنہٕ کہنی نہٕ؟ وُچھی ووٚٹھ کیاہ تُجن۔ قحط زدٕ کولل۔ خاٗر دِکھ کھبنہٕ توتہٕ چھنہٕ شور
شرابہٕ کران۔ ووٚں گومے چھےٚ مکانہٕ مالِکی کینہٕ ہٕنٛدٕ بن روپہ ہٕنٛدٕ بن چمچن ہنٛز فکر......
"ایملیا ایوانو نا!" تمہٕ لوٚے تس کُن مخاطب سپدِتھ زور ناد۔ اگرے چاٗنی روپہ ہٕنٛدی
چمچہٕ راٗوی تہٕ بو چھسے نہٕ ہر گز تہٕ ذمہٕ دار..... آ.....مےٚ تھوومے وٗنتھ..... ہے" تمہٕ
تژ وورٕ اسکولن کافس کُن پھیرِتھ اسن کھنٛگالہٕ تہٕ دُبارٕ مکانہٕ مالِکی کینہٕ کُن اِشارٕ کٔرِتھ
وٗننس "اٗمِس تہٕ رنہٕ فکری۔ کہنی چھُنہٕ اٗمِس فکرٕ تران"۔ بتھس پیٹھ اٗسس تس پیٹھ
کرنہٕ آمتہٕ امہِ حملہٕ کنی پاٗدٕ سپز مژ خوشی نٔی پاٗٹھی پرٕ یڈان۔ یہٕ چھےٚ نہٕ سمجھتھی ہرکان۔ بار
بار ووٚنس ادٕ پتہٕ کیاہ گوٚو! وُچھ کتھہٕ کنی پیٹھ گژھ ہیوٗ اٗس یلہٕ تھاوُتھ؟ کولہٕ راتہٕ مونٛجی......
ہنہہ...... تیر بو بدلہٕ نوٗ رِ بن لاگتھ بڈٕ پمژ راتہٕ مونٛجی؟
یہٕ اسن کھنٛگالہٕ گو اہنٛز زیچھہِ ژاسہٕ ہٕنٛدِس دورس منٛز تبدیل۔ لگ بگٕ روٗز
پاژون منٹن زوسہٕ زوسہٕ کٔرِتھ چھوٚچھہِ کتری کران۔ گمہٕ سژان گوس تہٕ ڈبکِس لگس
عارقہٕ قطرٕ پشپنہٕ۔ اٗس ووتھراوِتھ دِژن رُمالہٕ کُن نظرتہٕ اتھ وُچھن رتہٕ داغ لگی متہ۔
یم رتہٕ داغ ہاٗوِن لوٚت پاٗٹھی رٕ اسکولن کافس تہٕ تتھے شاہ سمبولُن تیتھے لجی تس ییٚہٕ انتہائی
پانیار کہٕ جذبہٕ کنس تل خبر کیاہ کیاہ وننہٕ بتھس کھوٚتس یکدم زبردست ووشلُن۔
"ژےٚ چھیٚہٕ خبر مےٚ ووٚن اٗمِس خصوصی طور تمن ماجہٕ کوربن دون سالس
پرٕژھنہٕ باپتھ۔ توٚ ریہٕ فکرِ کمن! ووٚنمس یہٕ چھُ نوزُک مسلہٕ لہٰذا گٔری زِ احتیاط۔ واریاہ
خوش خولقی ہاٗوی زبس۔ مگر ژٕ وُچھی امہٕ چھےٚ ساٗری ہے پرٕونی ناو گٔرمژ۔ پیٹھہٕ وُچھ سو
ژھوٹہٕ گو کج۔ کھُنڈ ہار لِہ ہے نہٕ یہ نے میجرٕ ہٕنٛز مونڈ آسہٕ ہے پنٛنِس قصبس منٛز تہٕ آسہٕ
ہس نہٕ کانٛہہ زانان۔ سو چھےٚ یورآمژ پینشن منظور کرناونہٕ۔ توےٚ چھےٚ ژھرٕ پہٕ ژھرٕ ٹھ
کران یہٕ ڈٔپی زِتہٕ ننگے چھےٚ روزان سرکاری دفترن اندر افسرن برٕونٹھہٕ کنہٕ۔ پنواہ وُرش

چھےٚ شرم چھس نہٕ یِوان بتھِس کیُتھ رنگ روغن چھےٚ کران......أمِس ہشہٕ کم درجہٕ زنانہٕ چھےٚ نہٕ گری نیرنس بوہران۔ حد چھُ ہَتے دعوتے گٔری توتہٕ سوز جوابٕ تیٚمس ذی کٔسپر ادب تہٕ طور طریقہ آسہِ سُہ تے کرِتہٕ۔ ژےٚ چھُےٚ نہٕ طور طریقے کانٛہہ۔ مےٚ چھُنہٕ فکرِ تران ہیپٹر پیٹر ووچس کیاہ ذٔلیل گٔیہ۔ سُہ کیا زِ آونہٕ۔ امایہٕ سونیا کتہٕ چھےٚ؟ سوکوٚت سنا چھےٚ گٔمژ......او......ہوٚ کہے گٔیہِ بوٚد......یہِ کیا سنا طریقہٕ کران سونیا! ژٕ کتی أسکھ وُنیُستام۔ یہِ چھےٚ شوٗبان مأنس آسہِ فاتحہ تہٕ ژٕ آسکھنہٕ تتھ وقتس پیٹھ تہٕ موجود......روڈ یارامانو وچ......تژ اوسا أمِس پانس نشی جایہٕ رژھا بہنہٕ خأطرٕ......سونیا بہہ لگے پیٚنتھ......کھےٚ یہِ ژےٚ خوش گژھی......گوڈٕ کھیتہٕ ہُہ سرد مسالہٕ جیٚلی تژ اُدِتھ یہِ چھےٚ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ مزٕدار۔ کھےٚ لگے۔ بیٚنچ انِنے یِم یوٚ تتھےٕ۔ اما یِمن شُر بن دیتکھہٕ کینٛہہ؟ پولینکا......میانہِ شوٗشا......ژےٚ وأتی یا اوٚتن سأری چیز کنہٕ نہٕ؟ اوٚ ہو......اوٚ ہو......اوٚ ہو......شاباش......لس تہٕ نو......لدا، کولیا۔ کھورن ستی مولاً گواتھہٕ شاباش میأنی سونہٕ گوٚبرٕ......بہو ژھوپہٕ کٔرِتھ تمیز دار شُر بن ہِنٛدی پأٹھی......سونیا......ژٕ کیاہ أسکھ ونان؟

سونیاہِ لٔج ڈٔلی ڈٔلی تھدِ تھدِ تہٕ صاف صاف لفظن منٛز وننہٕ یِتھ سأری بوزن پیٹر پیٹر ووچ لُذ بن اوس ونان تس منٛگی زِ معأفی میانہِ طرفہٕ زِ دعوتس پیٹھ ہیوٚکس نہٕ وأتتھ۔ سوٗ أس ژأری ژأری جملہٕ زیٚو کڈان تہٕ یِم پیٹر پیٹر ووچس ستی منسوب کران۔ تمہِ ووٗنس یتہٕ زِ سُہ اوس ونان یتھے موکجار ہیٚوٗ باسم بو واتہٕ تہٕ تس ستی چھم تنہأیی منٛز کتھ کرٕنی تہٕ اکھ اہم معاملہٕ چھُ طے کرُن تہٕ بیہِ کر وصلاح مشورٕ زِتھنہٕ بجأیی باپتھ کیاہ ہیکو کٔرِتھ وغأرٕ وغأرٕ"۔

سونیایہٕ اوس پتاہ کیٹرینایہِ ویٚژنہٕ کُنہٕ امہِ ستی تہٕ کوک روز بس برابر۔ سو پیٹھ رٕاسکولنکافس اکِس شِدیتہٕ نہہان ہٕنس ہأنس بٕنٛدٕنس منٛز سلام۔ تہٕ شوقہٕ ہژ ونظرٕ و

وُچھنا کرتھ بِہٕتھ خاموش تہٕ باسان اوس زٕ اَتھ مأنتھ چھنہٕ ووٕنی تس کُن وُچھان یا تس سٟتؠ کتھ کرٕنی یژھان۔ سوٗ اَس رٕأوِمژٕ ہش باسان حالانکہ کیٹرینایہٕ کُن بدستور پأٹھؠ وُچھِتھ اَس توٗ ہنٕد دِل بجاونچ کوٗشش کران۔ نہ اوس تمی تہٕ نہ کیٹرینا ایوانوونایہ ماتمی لباس لوگمُت۔ سونیایہ اوس ہلکہٕ وانگنؠ رنگہٕ سوٗٹ لأگتھ تہٕ کیٹرینا ایوانونایہٕ اوس کرٛہنہٕ رِکھہٕ دار سوتی سوٗٹ لأگتھ یُس سو دوہے لاگان اَس تہٕ یمہٕ سوأے تس بیٛیہ کانٛہہ سوٗٹ اوسے نہٕ۔

پیٹر پیٹر ووچ سُند پأغام روٗ دانتہأیی کارگر۔ کیٹرینا ایوانوونایہٕ کھوٗژ بیہن چالٛی بڑٕ وقارسان بہ ہوش وگوش پأغام بوٗزِتھ پرٛژھن امی چالہِ تس پیٹر پیٹر ووچُن خأر پاٹھ۔ تہٕ دُبارٕ رَاسکولنِکافس کنس تل چوٗنٹھ نِتھ ووٗنُن تس لوٚت لوٚتے مگر باقین بوزٕوُن زِ یژھہِ بے ہودِ لوٗکن ہنٛز محفلہِ منٛز پیٹر پیٹر ووچ ہِوس تعلیم یافتہٕ تہٕ شریف زادٕ سُند یُن اوس مویو ہے۔ تس یوٗ تاہ اَہنٛدِ گرٛیگ وسہ چھُ تہٕ یوٗ تاہ قرب اَہنٛدِس مألس سٟتؠ روٗ دمُت چھُ تمہِ باوجود باسہے تس اتہِ یمن عجیب قسمہٕ کِبن لوٗکن منٛز پان زنتہٕ ہینہٕ آمُت۔

''اوے کٔنؠ چھس بو چأنؠ ممنون تہٕ مشکوٗر، روڈیارامانو ووچ ژٕ ے گرتھ یہِ دعوتھ قبول۔ ژٕ ے بوٚ رُتھ نہٕ واے تہٕ آکھ۔ اسہِ قدٕر کٔرِتھ بیوٗٹھک تِتھبن ناہنجارن سٟتؠ مزید ووٗننس بڑٕبڑٕ'' چونکہ ژٕ ے اوسُے میأنس غریب خاندارس سٟتؠ دلی محبت تمی کٔنؠ لوٚگُے نہٕ ژٕ ے وعدٕ پورٕ کرنس چارٕ۔ نتہٕ کیاہ لوو اَسؠ ژٕ ے برٛ ونٹھہ کنہٕ''۔

امہِ پتہٕ ترأون بڑٕتھز کارِ تہٕ فخرسان سارنے پرٛژھین کلو پیٹھہٕ نلن تم نظراہ زنتہٕ دوٗنژھ دِوان اَسکھ تہٕ اَتھی منٛز کوٗرُن أَکس ژٕرِس پرٛژھس نبسبتھ ذٕری یافت۔ یُس اَمِس سیٛدِ سیوٚ دِ بہتھ اوس ''ہے ہمِس ما گرٛژھہِ ہے بیٛیہ کینٛہہ۔ کفتہٕ ماژٕ رژھاتژٕ اَویوٗس بیٛیہ تہٕ بیٛیہ دِتو وسہٕ شراب پیگاہ کنہٕ کہنؠ چھنہٕ؟'' یہِ اَس سوٗ تسی کُن مخاطب سپدِتھ ونان مگر تمی بڑن بچارن دیُتس نہٕ کانٛہہ جواب تہٕ واریاہس کالس توٗرُس نہٕ فکری کیا چھس

پرٕژھان حالانکہ یم لتس نکھے بہتھ أسی تمو دِژ أس زیرٕ زیرٕ تہٕ کِتہٕ کِتہٕ تہٕ کوٗرہس تہٕ دِنووُکھ تہٕ۔ تم أسی تتھہٕ کنہٕ پننی دِل بہلأیی کران۔ سُہ اوس خرٕ ہندی پأٹھی أس وٗتھے تھأوِتھ تمن وُچھان تہٕ بس۔ امہٕ ستی أسی ہُم زیادے کھمبرٕ نہٕ کھسان تہٕ سأری ٹھاہ ٹھاہ گٔرِتھ اَسان۔

''کوتاہ احمق چھُ یہٕ......وُچھی......وُچھی......مےٚ چھُنہٕ فکری تران أمِس کمہٕ باپتھ آیہٕ دعوتھ کرنہٕ۔کولہٕ زِنی موٚنڈ کرُن کیاہ اوُسُس ییتہٕ؟ پتھ رٕو دپپٹر پیٹر ووچ مےٚ أس ہمیشہٕ لتس پپٹھ پرٕژھ'' کیٹرینا ایوانونایہِ تھوو کلامہٕ جأری......سُہ ما چھُ......'' ہیچو ہتھ گٔرِتھ پھیر سو ایملیا ایوانونایہِ کُن تہٕ اُنجس بامبرٕ بامبرٕ گرج دار آوازِ منزٕ وننہٕ ییمہٕ ستی مغزٕ ے ڈألی نس'' امہٕ کھوتہٕ تہٕ اگرے کانہہ کُکل تیرٕ گوٚند دِتھ آسہٕ ہاہُ زتھے ٹنڈمی میون مول نہٕ بی دی ہی نہٕ کچنس کُن وُچھنہٕ اِد تھاوِہی کچن کأم کرنہٕ۔تہٕ اگرے میون مرحوم خاندار دِلس منزٕ یمن دوٚن پوٚنسن ہنزٕ وقعت زانہٕ ہأسہٕ اوس یہنزٕ یزتھ افزأیی''۔

''آ......کوتاہ شراب اوس چوان۔شرابک زنتہٕ جنون اوُسُس۔ نشس منزٕ ے اوس روزان رسدات محکمکی کلرکن وٚٲن پیہم وڈکا پیگ ہرٕ یون والان والان۔

''سو أس میأنس خاندارس واقعی اکھ کمزوری۔تہٕ تہٕ چھُ پزٕ ہتھ أکس مولوٗم کیٹرینا زن وُژھس چیچھی دِتھ مگر سُہ کوتاہ شریف تہٕ رحم دل اوس تہٕ چھُیہٕ مولوم۔پننس عیالس ستی کوتاہ لول تہٕ کأژاہ شفقت أسس۔ژکیا زانکھ سُہ اوس سیوٚد،تس اوس نہٕ پننہٕ رُتبک خیالے ییمیُک ناکارٕ پہلویہ چھُ زِ پزٕ ہتھ أکس پپٹھ اوس پرٕژھ کران تہٕ اوسکھ پٹھن زانان۔تمن تمن ستی بہتھ اوس چوان یم نہٕ تہندِ بوٗٹہٕ کِس تلنِپتس برابر أسی۔ژ کرکھہٕ پرٕژھ رودیا رامانووچ أخرس پپٹھ تہٕ کوٗڈُکھ لتس چندٕ منزٕ پُرمسالہٕ کوٗگرٕ۔سُہ چھُ اوسُمت تمہٕ وِزٕ نشس منزٕ بے حال مگر تہٕ گٔرِتھ أسس نہٕ شُری بأزمشرٕ پھ گأمتی۔

"کوکُر...... کیاہ وۄنتھ...... کوکرُے وۄنتھہٕ ژٕ ے" رسدات محکمکی کلرکن پرژھُس کرٕنکھ دِتھ۔ کیٹر ینا ایوانو نایہِ باسیوو نہٕ جواب دیُن مناسب۔ تمہِ ترٛ وو نیوٚٹھ ووش تہٕ گیہِ یادن ہِنٛدِس سمندرس منٛز پیرٕ۔

"ژٕ آسکھ دپان یہِ زن ساری ونان چھی زِ مےٚ اُس تس ستی تلخی روزان" تمہِ تھوو راسکولنکافس کُن مخاطب سپدِتھ کلامہٕ جاری "کتھ چھےٚ یہِ زِ۔ سُہ اوس مےٚ یژتھ تہٕ احترام کران۔ پننہٕ ژٕھوکھو تہٕ زیادٕ۔ کوتاہ رحم دِل اوس۔ تیٚتھ خاندار میلُن چھُنہٕ سارنٕے بختس لیکھِتھ آسان۔ بوٚ آسس باضے تہنٛدِس قسمتس پیٹھ افسوس کران یوٚ اُسس تس ستی نرمی ورتاوٕنی یژھان مگر ستی آسس پانس ستی سونچان اگرے مےٚ نرمی ترٛاوتہٕ لول ورتو وسُہ چینہِ تیلہِ بیٚیہِ شراب اوے آسس سونچان سُہ حدٕ رٹنہٕ خاطرٕ چھُ موکری تھاوٕنی لازمی"۔

"اِدٕ کیا...... تس اوس اکثر مس کھٕنز ناوٕنک عادت گومُت"۔ بیا کھوٚڈ کا گلاسہٕ ہرٕ بون وأتھ وۄتھ سُہ بیٚیہِ تس کُن۔

"کینٛہہ احمق خرچھی تِھی آسان زِ یِتس کالس نہٕ ٹوپ کڈنہٕ ییکھ تہٕ گھکھر دِنہٕ ییکھ تٔوٚ تام چھِنہٕ لوٚب ہوان۔ یو چھسے نہٕ وُنی کںس پننس مرحوم خاندار سُنٛد ونان" کیٹرینا ایوانو نایہِ وۄن تس ترٛاوٕنک دِتھ۔

تس اُسی روخ رژھہِ پتہٕ رژھہِ ووشلان تہٕ پھوٚر اوسُس دکہٕ دکہٕ دِل کران۔ ووٚنی اُس اکھِ منٛج تار زِ سو دِیہِ ہے اُمس میوٚنُن۔ باقی یژھی اُسی یژاٚ وہرأوِ وہرأوِ امیک حض ٹلان تہٕ کلرکس وارٕ ہس دِتھ اُسی نارس تیل ترٛ اوان تہٕ لوٚت لوٚتے اُسس کتھ تہٕ پلناوان۔

"بے ادبی معاف تیلہِ کینژ کتھ چھکھ ژٕ کران" کلرکن کوٚر کلامہٕ شروع "مطلب نا...... کوہنٛد...... کس متعلق...... اُسکھ ناژٕونی کیا ہتام ونان...... یو چھسے

نہٕ کھوژان......آ......یِنہٕ ترٛژھ بیوقوفی سونچکھ ۔ ہے موٚنڈی......اگرے مےٚ وۄنُتھ یہٕ چھُسے تیٚلہِ وُنی کبس معاف کران......یُس'' بیٚیاکھ گلاسہٕ بوٚن والان والان وۄن تٔمۍ۔

رَاسکولِنکاف اوس ژھوپہٕ دم گرِتھ بہتھ یہِ درکہٕ درک بددلی سان بوزان تہٕ بےٚ غرض پأٹھۍ میٚنڈھۍ ننگلاوان ۔سُہ اوس نہٕ کھوٚان بلکہ یہِ کینژاہ سو بانس پتھ ترٛاوان أسس تہِ اوس بوٚن والان زِ بچارِ گوٚژھ نہٕ دِلس یتھے ہیوٚ گژھُن اگرے نکار کوٚرنس تہٕ ۔سُہ اوس سونیایہِ کُن وُچھان لیس وأنج راوان أس تہٕ رژھہِ پتہٕ رژھہِ پریشأنی ہُران أس تس تریو گوڈے فکر فاتحہ سال وسہِ نہٕ سیٚدِ بتھہِ نکھہٕ کیٚاز زِ کیٹرینا ایوانونایہِ اوس پیٚنتہِ پتہٕ پیٚنتہِ زہر کھسان ۔تٔمِس اوس یتہِ مولوم زِ ہُمہٕ زِ ''شریف زادِ'' آیہِ نہٕ تہنٛدی سونیایہِ ہنٛدی کِنۍ أہنٛدِس دعوتس پیٹھ ۔تمہِ اوس ایملیا ایوانونایہِ ہنٛزِ زنُو بۄزمُت زِ تہنٛزِ ماجہِ کھوٚت دعوتک بۄزی تھے سخ شرارت دۄپُن چھایہِ ممکن زِ کورِ کھیاد سوٚتس جوان پھیٚچہٕ ستۍ أکِس میزس پیٹھ بتہٕ ۔سونیایہِ اوس شک زِ کیٹرینا ایوانونایہِ ہنٛدبن کعن تام أس یہِ کتھ وأژمژ ۔اچھاتس اوس نہٕ برداشہٕ گژھان زِ کانٛہہ تُلہِ سونیایہِ کُن اوٚنگج ۔تس اوس نہٕ پننِس شُربن ۔پننِس خاندارِ ستۍ یا پننہِ بےعزتی ہُند کانٛہہ غم بۄز کانٛہہ کرِ ہے سونیایہِ ہنٛدِس یژتس پیٹھ حملہٕ تس کڈِ ہے لنٛجہِ لنٛجہِ ۔سونیایہِ أس خبر زِ کیٹرینایہِ ییہِ نہٕ توٚ تام قراریوٚ تام نہٕ سوٚتمن دوٚشوٚنی نشہٕ والہِ تہٕ خاکس ستۍ رلاوِ......

حالات ابتر گژھنہٕ خأطرٕ اوس یہِ کأفی زِ میزکہِ بیٚیہِ انٛدِ پیٹھہٕ واتنوو گٔمۍ تام سونیایہِ تام اکھ تھال۔یتھ منٛز أکِس کرٛہنہِ ژوچہِ بناونہٕ آئتۍ زِ دِل تھاونہٕ آئتۍ أسۍ یمن دوٚشوٚنی کُنے تہٕ ترِٛتھ اوس ۔تس گوٚنڈُن یہِ وُچھی تھے نارتہٕ بتھِس پھیوٚرُس دلنہِ ول رنٛگ تمہِ وۄن گل وہرأوِتھ ''ہتو تیٚمۍ نفرن یہِ حرکت کٔروٚسہٕ چھُ کولل ''مُفتک شراب چیتھ کاڈوتہِ گومُت''!

ایملیا ایوانونایہِ توٚگ بوزُن کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ وشفہٕ چھُ گژھن وول تہٕ ہُپأرۍ أس سوتہِ کیٹرینا ایوانونایہِ ہنٛد تُند سلوکہٕ کِنۍ بددلی گأمژ تمہِ زون موقعک فأیدٕ تُلتھ اکھ

ڈلیل وننہٕ ستی محفلہِ ہُند ماحول خوشگوار تہٕ پان خوش دلن منز شمار کرناوُن بہتر تہٕ لُچ وننہٕ حالانکہ تتھ ڈلیلہِ اوس نہٕ کانہہ واٹھا اتھ موقعس پٹھ باسان۔ دۄ ینکھ تو ہند اکھ زٲنی کار کیمیا دان اوس اکہِ راتہٕ ژاتہٕ کس لوکچہِ گاڈِ منز سفر کران تہٕ تس باسیوو ڈرائیور چھُ تس قتل کرُن یژھان۔ سُہ لوٗگ وَدِ رِوَے کرنہِ۔ گلہٕ گنڈی نس زارٕ پارٕ کوٚرنس مارتم متہٕ۔ کھۄژ یُتھ زِ دہشتہٕ کِنۍ پھٹُس واُنج" اگرچہ کٹیر ینا ایوانا نایہ وُٹھ گُمنے مگر تس گوٚ ستی احساس زِ اُمِس بے وقوف بایہِ پزٕ ہن نہٕ بے مقصد ڈلیلہٕ وننہِ۔ یہِ ناگوار ی وُچھتھ کھۄ ہو زیادے کھہر نہِ تہٕ ہیٚژن بیاکھ ڈلیل وٕنۍ۔ وۄننکھ "تو ہند مول اوس بٔرلینکہِ دیوارُک تٲمیرِ کار۔ سبٹھے معزز۔ سٲری ہے جرمنی اندر اوس تھزٕ کارِ گنٛز رنہٕ یوان۔ ییلہِ پکان اوس ہمیشہِ اوس چندن منز اتھہٕ تزٕ اوان"۔ یہِ بوٗزی تھے ژوٗل کٹیر ینا ایوانو نایہ ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اُسن نیرِ تھ تہٕ پانس پٹھ رۄدُس نہٕ کانہہ اختیارا۔ اتھ پٹھ آوا ایملیا ایوانو نایہِ جانِ منس تہٕ دپان اُس ہرِی گوگلس دِیس تھپھ مگر تہِ گرِتھ تہِ ہیٚژن صبرس کاٗم تہٕ ژوپُن یہِ سوٗرے نار بصد مشکل۔

"بوٗزِ وراتہِ موغج کیاہ چھے وِنان" کٹیر ینا ایوانا نایہِ کوٚر نرمی سان وَنُن شروع لس آیہِ خوش دِلی بیٚہِ وۄتلتھ "او ہند مطلب چھُ سُہ ییٚلہِ پکان اوس اتھہٕ اوس پتمِن چندن منز تھاوِتھ پکان۔ یہِ امہِ وۄن تمیٚگ مطلب گوٚ وسُہ اوس اتھہٕ دۄیمِن ہند بن چندن منز تزٕ اوان۔ اوٗ ہو...... اوٗ ہو...... بلاے اتھ ژاسہِ...... ژٕ چھکھنہٕ زانہہ روڈیارا مانو وچ سینومُت۔ یتھ کتھہِ ییم شہرس غارٕ شہری خاص گرِتھ وننہٕ ؤتھی متی لگھ چھی سانہٕ مقابلہٕ وارِیاہ زیادٕ احمق۔ اسہِ منزٕ ہیکیا کانہہ سوٗنچتھ تہٕ "یتھہٕ کِنۍ تس کیمیا دانس واُنج پھٹ توباہ۔ یُتھ خوف تہٕ امہِ پایہ بزٕ دِل۔ عقلہِ رۄستے، ڈرائیورس سزادِنہٕ بجایہِ لوٗگ اتھہٕ موٗرنہِ۔ ودنہِ تہٕ زارٕ پارٕ کرنہِ۔ اُمِس بے خوف زنانہٕ باسیووِ یہِ چھے سزٕ وِنۍ تہٕ سنہٕ وِنۍ ڈلیل تہٕ اندازے چھُس نہٕ کرِتھ احمق باسے یہِ یژھ نامناسب ڈلیل وننہٕ

ٲسۍ ۔مےٚ چھُ باسان یہِ شرٲبۍ کلرک چھُ أہنٛدِ کھوتہٕ واریاہ زیرک......ووٚنۍ گوٚتمۍ چھُ پٔنٕن ذہٕن شرابہٕ ٲسۍ اولودِ کوٚرمُت......امایہ کتھ تہٕ پٮ۪یہِ مانٛنۍ یم غٲرشہری چھی واریاہ سلیق مندتہٕ سنجیدٕ......ژٕ وچھی کتھہٕ کٔنۍ چھم وُچھان ۔نظروٕ ٲسۍ کھیٚیم ۔یہِ چھےٚ وٕنۍ کبس أندری دزان؟ (اۆ ہو......اۆ ہو......اۆ ہو)۔

ژاس کرنہٕ پتہٕ ییٚلہِ دم سنبوٗلن لٚس اوس طبیعت شاد تہٕ گرٲنی أ ٲسس دوٗر ژٕ چھِرٕ ۔تہٕ رٚاسکولن کافس ووٗنن ییٚلہِ لٚس پینٛشن ترِتہٕ تمہِ پتہٕ چھُ لٚس پٔنٕنس آبٲیی ''ٹی'' قصبس منٛز اکھ سکول قایم کرنٛک یرادٕ ییتہِ شریف زادن ہنٛز کورِعلمُک نوٗر پرٛاون۔ یہِ أس گوڈنٛچ وِزییٚلہِ پٔنٕن یرادِ کانٛسہِ نِشہِ بوٗون لہٰذا اَوِنس بٲنہٕ بٲنہٕ سٲری تفصیلات۔ خبر ہنگہٕ منٛگے کتہِ گیہِ کیٹرینا ایوانو نایہ ہندٕبن اتھن منٛز یژتھ افزٲیی ہنٛز سندپاڈ ییمیک ذکر مرحوم مارمیلا دوفن گوڈے اکہِ دوہہ شراب خانس منٛز رٚاسکولن کافس نِشہِ کوٚرمُت اوس۔ییٚلہِ ونیوٗنس زِ کیٹرینا ایوانو نایہِ چھےٚ تعلیم مکمل سپدنچہِ الوداعی تقریبہِ پیٹھ سکولس منٛز گورنرس تہٕ باقی ذی یژتھ شخصیژن برٛونٛہہ کنہِ ''شال ڈانس'' کرنس پیٹھ یژتھ افزٲیی ہنٛز سند دِنہٕ آمژ۔یوسہٕ سند ووٚنۍ سوٗ ''بورڈنگ سکول'' قایم کرنہٕ خاطرٕ حقدارتہٕ اہل آسنہٕ کہ ثبوتہٕ رٕنٛگۍ پیش کرِتھ ہیکہِ ہے۔فکرٕ چھُ تران امہِ أس یہِ سند ہمن ''دون نخوت واجتبن زنانن''، خبر ہنہٕ خاطرٕ ٲسۍ تھاوِمژ۔یتھ تمن سالس ینہٕ کِس صوٗرتس منٛز یہِ پٔنٕنۍ شرافت تہٕ پنٕنہٕ بجرُک باس دِیہِ ہے۔سوونہِ ہے تمن ییتہِ زِ ''بڈ گرِچ کوٗریس مول کرنل اوس چھےٚ کتہِ کور تمن زنانن بمقابلہٕ سرس ییمہٕ پانس ووٚنۍ ووٚنۍ بوٚنمہِ درجہِ کٮ۪ن فوجی ین ہنٛزٕ أشناوونان چھےٚ۔سندواٗژ یکدم اتھواتھ پرٛژھن ہندٕبن اتھن منٛز یم شرابس اندر مست أسی تہٕ خمارٕ ہژواٗچھو یہِ پرٛنٛچ کوٗشش کران أسی۔تمہِ تہٕ کرنہٕ بازرٕنٛچ جلدی کیٛنژھہ کٲیازِ اتھ اوس خوش خطس اندر لیکھتھ زِ اوہند مول چھُ اکھ فوجی افسر میجر اوسمُت۔ییمہٕ ٲسۍ أہنٛز کتھہِ تصدیق کرٛژھان اوس تہٕ نٲنان اوس یُسہٕ چھُ اثر ورسوخ دول

اوسُمت۔ حالانکہ چھُ اوسُمت کرنل سے برابر۔

''جوشس منز ییتھ لُگ سو وبڑھناونہٕ زِپنس آیائ''ٹی''، قصبس منز کرِتھ آرامچ تہٕ خوشحالی ہنز زندگی ہکھن تم گُذٲرِتھ پتہٕ لُگ تمن ووستادن ہُند پھرنہٕ یمن سو بورڈنگ سکولس منز سبق پرناونہٕ باپتھ تعینات اُس یژھان کرٕنی۔ یمن منز اوس اکھ فرانسک ماہرِ تعلیم یُسُند ناوشاید''منگوٹ'' اوس یس نشہِ پانہٕ کیٹرینا ایوانونایہٕ لو کچارس منز پوٚرمُت اوس تہٕ وُنیُک تام اوس''ٹی''، قصبس منزٕ روزان......تہٕ اوسط شرطن پٹھ تٔہندِس سکولس منز کأم کرٕنی کرہے ہلہٕ ڈلہٕ کرنہٕ روٗس تسلیم......پتہٕ لُج وننہِ سونیایہٕ ییہِ تسی ستی پٔتن شہر۔''ٹی'' تہٕ کرِتس یم منصوبہٕ روبعمل انس اندر مدد۔ اتھ پٹھ تٕر وویمن بالمقابلہٕ ہنادوٚرٕ ے ہیتھ کُم تام ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ اُسن زنتہٕ مرگی آیس۔

کیٹرینا ایوانونایہٕ دیُت اتھ ڈٕپی تو کنہٕ ڈولے تہٕ ہوٚٹ صاف کٔرِتھ ہیوٚتُن تھدِ تھدِ سونیایہٕ ہنٛد بن گونن شمار کرُن۔ یتھ بُنیاذ پٹھ تس پژھ اُس زِ سونیا چھےٚ تس اتھہٕ شہلاونس اہل۔ تس کچھ کمی چھےٚ شرافت، صبر، اٹھ کل، فیاضی تہٕ اعلیٰ تعلیم یم ساری وصف چھس۔ أتھی ستی اُس تٔہنٛد بن روخن وُچھِتھ مٹھہِ مٹھہِ کران تہٕ کرِنس زِ مونہ تہٕ۔

سونیا ووزلے یہ تہٕ کٹیر ینا ایوانونایہٕ وٕژھ کُنی اوٚش ددرا ے تس گوٚ ویکدم احساس زِ سو چھےٚ جذباتی تہٕ احمق زنانہٕ یوسہٕ ہوائی قلعہ بناوان چھےٚ۔ انتہائی پریشانی منز گوٚو تس احساس زَ ووٕنی پزِ اتی اختتام کرُن چونکہ بتہٕ موکلو وساروٕ ے کھبتھ لہٰذا پزِ بکھ ووٕنی دَمہٕ چاے پیش کرٕنی۔

ایملیا ایوانونایہٕ گوٚ وسخ دُکھ زِ تس دیتکھ نہٕ بخشس منز کتھ کرنک موقعے تہٕ نہ یوٚزہس کتھے زن آیس پیچہ لٹھ تہٕ گرٕن بیا کھ آخری کوٚشش تہٕ ناحقہٕ کُمن کیٛشون خدشن ہُند اظہار کٔرِتھ اُس پننہِ دوٗر اندیشی ہُند داد یژھان تس باسے یہ تم نو کنہٕ سرٕنی تہٕ وَزن داریمن پٹھ غور کرُن اوس۔ گوڈنی یہِ زِ قائیم سپدن وأرلس بورڈنگ سکولس منز پنے یہِ

لُتس کور بٕن ہنٛز وردی ہُنٛد خاص خیال تھوٗن صفائی گژھکھ روزٕنی ییٚمہِ باپتھ اکھ داے
ملاۂ زم رٹٕنۍ پیٚیس بیٚیہِ چھُ دۆیم خیال یہِ تھاوُن زِ یمہٕ جوان کور پرن نہ روتلہِ ناولہِ۔
کیٹرینا ایوانوناۂ اُس پزی پریشان تہٕ ژھٕمٕژ باسان تہٕ سالس یہِ باٗشی گژھنہٕ کنٕی اُس سخ
وودا اُسی تمہِ ژٹ ایملیا ایوانونایہِ ہنٛز کتھ یہِ وٗنتھ زِ ژٕ ے چھُے نہٕ امیُک پتہٕ کینہہ۔ یتھ
شہرس نہٕ گژھُن آسہِ کھچ خبر گژھہِ نہٕ پژٕ ژھنی۔ یوسہٕ ژٕ کتھ ونان چھکھ تمہِ باپتھ چھےٚ
سکولس منٛز لانڈری انچارج آسان یہِ وُچھن چھےٚ تہنٛزٕ ے کاٗم نہ زِ ہائی کلاس بورڈنگ
سکوٗلچ منتظمی چلاون واجنہِ ہنٛز مطلب ڈائریکٹر بایہِ ہنٛز۔ وونی یوٚ تام ناولہٕ پرٕنک
سوال چھُ۔ ژٕ ے چھےٚ ذہنس اندر احمقاٗزی بیٚیہِ نہ کینہہ۔ کرٕ ژھوپہٕ مہرباٗنی کرِتھ مَہ
آس کھشرِ پاۂ جامس منٛز زنگ ترٛ اوان۔
""ایملیا ایوانونایہِ گوٚنڈُن نار تہٕ زہر کھٔستھ وۆننس "اکھ چھس چون رُت
یژھان" تیُتھ وتھ ہاوٗنم پانس یُتھ بو "ژٕ ے کیُت رِتہِ کھوتہٕ رُت یژھان چھس"۔ اِد
وُچھ اُمِس کُن تہٕ نے آسہِ ہے تیٚلہِ منگہِ ہے ناتہٕ کراے۔ ژٕ ے ہے یوٚت کال کراے
دِنس ووتُے۔ مےٚ چھُ سون اِنتھ یتھ عمارژ لوگمُت۔ یہِ وٗنتھ وولُن کیٹرینا ایوانونایہِ
کُنے "پردب" تمہِ کوٚر یکدم جوٗابی حملہٕ۔ یہِ چھُ اپُز یہِ کیاہ چھےٚ میون رُت یژھان
امے یوے ییٚمہِ ساعتہٕ شوٗٹھ خاندار ہنٛز میت بڈس پٹھ پیاۂمژ اُس کراے ہورٕنچ
وگراے کریاے۔ یہِ کیاہ چھی پژتان"؟ اتھ پٹھ وۆننس ایملیا ایوانونایہِ مُناسب
زاٗنتھ "ہے مےٚ کرے یہِ ہمن خوتونن دون چون گرٕ ینچ دعوتھ مگر چھوٕ خبر تمہِ کیاہ زِ آینہٕ۔
تمو دۆپ "اُسی چھےٚ یزتہٕ واجنہِ خوتونہٕ اُسی ہکونہٕ لُس زنانہِ نِشہٕ گژھتھ یوسہٕ زنانن
رکژھ مند چھ آسہِ"۔ کیٹرینا ایوانونایہِ وۆن یکدم پژھسن بوزٕ وُن اوٗنگجہٕ ستۍ لُس کُن
ہاوِتھ "یہِ چھےٚ پانہٕ دراصل بداطوار زنانہٕ توے کتہٕ ہیکہِ فاٗصلہٕ کرِتھ زِ اصل پاٗٹھی کس چھی
زنانہٕ ونان"۔ ایملیا ایوانونایہ کوٚر یکدم اعلان "ہے میون مول اوس جرمن کوٚژھل،



یزتہٕ وول تھدِ شانہٕ موہنیٚوٕ سُہ اوس ہمیشہٕ باکوک پٹنبن چندن منز اتھہٕ ترٛاوِتھ وتہٕ پکان تہٕ تیُتھ روعب داراوس ۔ تیٚہنٛزِ ے کوٗر آسیا بد چلن ۔ اُتھی ستۍ گیہٕ یکدم تھوٚ دٕ تھتھ لیچ مالۍ سٕنز چالہِ ڈالہِ پکنُک نقل کرنہِ تہٕ گلبن پھوکھ کھاُلِتھ پوٚ پھ...... پوٚ پھ کرنہِ ۔ پژھی اُسی تس ژرِ پوٚپ کٔری کٔری داد دِوان کامیاب طریقہٕ نقل کرنس پٹھ ۔ تم اُسی تس ہس دِوان یُتھ یمن درنگلی ووتھِ ہے تہٕ تم لُطفاہ تُلہن ۔

یہِ گونہٕ کیٹرینا ایوانو نایہِ برداشت تمہِ کوٚر اعلان ہے سأری ہٕزِو ۔ ایملیا ایوانو نایہِ چھُنہٕ موہٕ لے اوسمُت ۔ دپان یہِ چھےٚ پیٹر پیٹر ووچس کستام دربدٔری شرأبی سٕنز غلطی ۔ یُس دپان کرتام واژِ موہنیٚو اوسمُت چھُ ۔ تہٕ یورسالس آمت اوس ۔ ایملیا ایوانو نا وزلے یہِ ترٛشھ زنتہٕ اُنیور اُس تہٕ ترٛک بہ ترُک وٕننس آشاید آسہِ ہے نہ کیٹرینا ایوانو نایہِ موہٕ لے یِیلہِ زن جُرمن کوٚ ژھل توہند ہاوُن تہٕ باوُن لایکھ مول اوس یُس زیٚوٹھ اوور کوٹ لاگان اوس تہٕ اتھہٕ پٹنبن چنٛدن منز تھاُوِتھ پوٚ پھ...... پوٚ پھ کران اوس" ۔

"کیٹرینا ایوانو نایہِ وٕنس حقارتہٕ سان یمن چھُ وونی سارنٕے تہنٛد لون کرون مولوٗم ۔ یزتھ افزأیی ہنٛز سرٹفکیٹہِ پٹھ بڈٕو حرفو لیکھِتھ یہِ ہساچھےٚ یزتہٕ واُلس میجر سٕنز کوٗر ۔ یِیلہِ زن ایملیا ایوانو نایہِ ہُنٛد مول...... اگر کانٛہہ آسہِ ہس تہٕ ...... یِیلہِ آسہِ ہے کانٛہہ معمولی دوٚدِ گوٗر ۔ گوڈٕ چھُ باسان یِی چھُ صحی زِ اُمس آسہِ ہے نہ موہٕ لے اوے کنٛہ چھُنہٕ وُنہِ شیقہٕ یہِ چھا گوٗری باے کنہٕ واژِ باے ۔

امہٕ ستۍ ووٚلے یہِ ایملیا ایوانو نا ۔ تس گنٛڈٕن لٔش ۔ تمہِ لوٚے میزس کُنے دوٚگ زور دِتھ وٕننکھ زِ سوچھےٚ ایملیا ایوانو نا مأ لِس اوسُم جوہن ناویُس بلدیاتی ادارُک صدر اوس ۔ تلسا اُمس کیٹرینا ایوانو نایہِ پرٛژھِ مول اوسہٕ یے بلدیہُک صدر...... پھر ہے فأتی ۔ کیٹرِینا ایوانو نا گیہِ توہ پھلِکی پاٗٹھی تھوٚ دٕ تھتھ تہٕ سٹھاہے اطمینانہٕ سان مگر بیگرِ آواز منز (تھس اُسس لیڈر پھیر مِژ تہٕ شأنش تہٕ اُسس گھٔرٕ مِژ ) کوٚرُن اعلان



ہرگاہ امہِ پننِس مأژِس دوٚدِ گۆڑی سُند مقابلہٕ تہندِس یایزتھ مأژِس ستۍ کوٚرتیلہِ والبس کلہٕ پیٹھہٕ یہِ ٹوٗپۍ تہٕ لتھہٕ ناوبس کھورن تل۔ ترٕ پچہٕ کربس۔امہِ دکۍ ستۍ اٚنۍ ایملیا ایوانونا زنتہٕ توہ پھلکۍ پأٹھۍ وُڈنہِ تہٕ کھورو ستۍ فرشس ٹاس دی دی اُس ونان زِ سوچھےٚ ییمہِ گرِچ مأژی کینہٕ تہٕ یہِ کیٹرینا ایوانونا گژھہِ وِنۍ ییمہِ دمہٕ میون گرِ خأنی کرٕ نۍ تہٕ أتھی منٛز گیہِ دوران دوران میز پیٹھہٕ میز تہٕ اٚنۍ پننۍ روپہِ ہندی جمچہٕ وٹنہِ۔کمرس منٛز گوٚ ونوٗوٕ سماپأر۔ہوٗل حالے وُژھ ہنگامہٕ گوٚو،شر بوتٔل ہیٚ۔سونیا گیہِ کیٹرینا ایوانونایہِ نرمی کرنہٕ باپتھ وننہِ مگر تتھےٚ ایملیا ایوانونایہِ لتس ''گأنی'' وۄن تمہِ ستۍ گوٚنڈُن کیٹرینا ایوانونایہِ وارے نارتہٕ سونیایہ أکِس کُن دکہٕ دِتھ درایہِ پننہِ مکانہٕ مأژی کینہٕ چھیچھی ژھننہِ۔یُتھ پننہ وُنچی دکۍ پیٹھ عمل کرِتھ ہاوِ۔

امی وِزِ آو درواز منٛز راونہٕ تہٕ پیٹر پیٹر ووچ لُژ ہن گوٚ ونمودار۔درواز داسس پیٹھ ترٛأوتمۍ سارنے پرٛژھن ہیٚرِ بوٚن نظراہ۔تہنزن نظرن منٛز اُس نفرت تہٕ تھقھت اٚنۍ پأٹھی بوزِنۍ تگان......کیٹرینا ایوانونا گیہِ کُنی ووٹہِ تمۍ ہسے کُن۔



# (۳)

''پیٹر پیٹر ووچ'' تس ژٕج کرِ بکھ نیرِتھ ''مےٚ بچاو...... کم از کم ...... سمجاوتن ژٕ ے یہِ بیوقوف زنانہٕ زِ...... یہِ ہیکیا اَکس مصیبت زٕ دنہٕ ستۍ یتھ سلوک کٔرِتھ ...... أمِس چھُنا مولوٗم امہِ باپتھ چھُ باضأبطہٕ قونون...... بوگژھس پانہٕ خود گورنر جنرلس سمکھہٕ نہٕ ...... أمِس پیٚیہِ امیُک جواب دیُن ...... میأنس مألی سنٛز خأطر دأری یاد کٔرِتھ کوتاہ یزتھ اوسُے کران، بچاوٗ کھیم میأنی یتیم تیمِس زنانہٕ ہنٛدِ شرٕ نِشہِ۔

''مےٚ دِی اندر اژنہٕ محترمہ......ترٛاو جاے......پیٹر پیٹر ووچن دیُت تس اَکِس کُن دکہٕ ہیوٗ تہٕ ژاو اندر...... چون مول کیُتھ اوس تہٕ چھےٚ ژےٚ پتاہ، مےٚ چھنہٕ ایملیا ایوانونایہِ ستۍ چانہِ نہ اندن واجنہٕ ہرہر منز وسنٛگ کانٛہہ یراد......مےٚ کیاہ اتھ ستۍ ......بوچھس یور آمٕت اکہِ ذأتی معاملہٕ خأطرِ......تہٕ نبسبتھ مےٚ کتھ چھےٚ کرٕنی ......چانہِ ووٕرکورِ...... صوفیا ہس ...... ستۍ ......مےٚ چھُ باسان یِی چھُ اوہند ناوتہٕ سوتہِ چھےٚ پیٚتۍ تھےٚ ......مےٚ چھا أمِس نشہِ گژھنٛک اجازت۔

پیٹر پیٹر ووچ دراو أمِس کرٕ ھہٕ تلۍ تہٕ پوٚک سیٚدِ سیوٚ دبیٚس کوٗنس کُن یتیٚتھ سونیا أس بہتھ۔ کیٹرینا ایوانونا گیہِ کرٕ ھ تام تہٕ یتیٚتھ اُس تۍ تھےٚ زنتہٕ رُونہٕ آیہِ۔تس زنتہٕ اسمانہٕ ترٛٹھ وٕژھ۔تس اوس نہٕ بہانے پیٹر پیٹر ووچ کیاہ ونہِ زِ سُہ زانی نہٕ تٔہنٛدِس خاندراس۔یہِ اوس تمہِ پانے گوٚرمُت تہٕ خیال اُس کران یہِ چھےٚ اکھ حقیقت اکھ پزر۔ تمِس گیہِ زیادے واہ وٕستھ پیٹر پیٹر ووچ سنٛدِ کاروبأری آیہِ خوشک تہٕ حقارت آمیز لہجہٕ کنٛی۔اتہِ یوسہٕ ہوٗل ہالے وٕژھمٕو اُس سوموکلےیہِ تٔہنٛدِ اندرأژی تھےٚ۔نہٕ فقط یہِ زِ

یہِ ''سنجیدٕ قسمُک کاروباری موہنیو'' اوس محفلہِ منز باقی شرکت کرن والیو نِشہِ دوٗری بیوٚن تہٕ بدوٗن باسان بلکہِ اوس ژٕ پاٹھی بوزُن تگان زِ تہٕندِ اورینگ چھُ کیاہتام خاص مقصد۔ یمہِ کِنۍ تس اور تیٖنچ مجبوری پیٚیہِ تہٕ خبر کیاہ چھُ سپدن وول۔ ساری پیٹھی دُہ لد گگرن ہنٛدی پاٹھی دبن گژھتھ پنٕہ پنٕہ جایہِ تہٕ راسکولنکاف تہِ یُس سونیایہِ لرِ بِہتھ اوس دراواوٚک پاسے تہٕ ترٛاون اَمس وَتھ۔ پیٹر پیٹر ووچن زنتہٕ سُہ وُچھے نہٕ۔ اکھ منٹاہ گژھتھ گولیباز تنکوف تہِ دروازس پیٹھ بوٗد۔ سُہ ژاونہٕ اندر کینٛہہ تہٕ روٗداتی وودنہِ تہٕ خاص دلچسپی سان یہِ ڈیٚپ زِ تہِ حاران گژھتھ روٗد یہنٛز کتھہِ بوزان تہٕ باسان اوس کیاہتام پریشانی چھس۔

''معافی دی زیو۔ توہہِ گوٚو مِیانہِ ستی خلل مگر معاملے اوس سبٕھیے اہم یمہِ کِنۍ مےٚ یتھہِ کِنۍ یُن پیوٚو''۔ پیٹر پیٹر ووچن ووٚن یمن سارنے کُن مخاطب سپدِتھ ''بوٚ گوس سبٕھاہ خوش زِ ییٚتتھ چھیٖ وُنی کیٚس پیٚیہِ تہِ کینٛہہ لگھ موجوٗد۔ ایملیا ایوانوونا بوٚ چھسے ژےٚ مکانہٕ مالک کینٛہہ ہنٛدِ کِتھ یتہٕ میانہِ کتھہِ کُن پوٗر دیان دِنچ گذارش کران۔ مےٚ چھےٚ صوفیا یہِ کینٛہہ کتھہٕ وننہِ۔ تمۍ تھوو کلامہٕ جاری تہٕ صوفیایہِ کُن مخاطب سپدِتھ۔ یوسہٕ سبٕھیے حاران تہٕ ہمہ تن گوش اَس ووٗنُن ''دِیتھےٚ ژٕ کمرِ منزٕ درایکھ مےٚ وُچھ جناب لیبازیا تنکوف یعنی میانِس یارٕ سنٛدِس کُٹھس منز اوس میزٕ پیٹھہٕ ہتھن غاب گوٚمت۔ ووٚنی ہرگاہ ژٕ ونکھ سُہ نوٹ چھُتھ ژےٚ تُلمُت یا کیاہ ژھے پتاہ کتہِ چھُ بوچھسے یمن لوٗکن تھی وعدٕ کران زِ معاملہٕ موکلہِ ییٚتی تھے۔ بوچھسے پنٕہ یرِتک قسم ہاوِتھ ونان...... ورنہ چھُس بوٚ مجبوٗر سخت قونونی کاروائی کرنہٕ باپتھ تہٕ مےٚ ...... مےٚ ووٚنی زِ نہٕ پتہٕ ...... راہ کھسی ژیے ...... آ''۔

کمرس اندر گیہ ژھوٚپہ زنتہٕ سرپھن ٹوپھ دِژکھ۔ ودِ ووٚنی شُری تہٕ گیہ روٗبوٗد۔ صوفیا گیہِ استاد۔ تس پھیوٗر بتھس موتن رنٛگ۔ سوٗ اَس لُذہنس مُدے گنٛڈِتھ وُچھان تہٕ ترٛبن تہٕ ترٛوہن گژھتھ اوسُس نہٕ اکھ لفظ تہِ پھوران۔ باسان اوس تس چھُنہٕ کہنی تہِ

فکرِ تر ان زِ معاملہٕ کیاہ چھُ......کینٛہہ بڑنڑی گٔنڈ رے تیتھے گٔنۍ۔

''وَن سا......تیلہِ کیاہ چھے وَنُن ژےٚ......آ'' لُڈ ہنن پرٛژ ھنس بغور نظراہ گٔرِتھ ''مےٚ چھُنہٕ کہنی پتاہ......مےٚ چھُنہٕ وُچھمُت تہٕ'' سونیاوٕ ژھس چھیکرس نیم ہوشی ہندِس حالتس منٛز۔

''کہنی نہٕ! ژےٚ چھے نہٕ کہنی پتاہ؟'' لُڈ ہنن وۄننس دُبارٕ تہٕ دیُتن رژ ھادم۔

''بیٚہ سۄنچ میڈم صوفیا سونیا جی'' تمۍ ہیوٚت ہناتُند لہجس منٛز کلامہٕ کرُن مگر وُنہٕ تہٕ اوس باسان زنتہٕ سمجاوان چھُس اِمکی نیرنے سنگین نتیجہ۔ گوکہ یہِ اُس نرم لہجس منٛز خطرناک دٕمکی۔ ژٕ کرو وارٕ یاد۔ بوٚ چھُس ژےٚ سونچنہٕ باپتھ مہلت دِنہٕ خاطرٕ تہٕ تیار۔ مہربٲنی کٔرِتھ سونچ ژٕ اگر ےمےٚ مکمل پٲٹھی یقین آسہِ ہے نہٕ۔ بوٚ یمہٕ ہانہٕ یور۔ ژےٚ گژھی میانہٕ تجربچہ بنیاد پیٹھ یمہٕ کتھہِ ہُند پوٚختہٕ یقین آسُن زِ بوٚ کرٕ ہانہٕ ژےٚ ننہٕ وانہٕ الزام دِنک جرأت تہٕ سُہ تہٕ سرِعام پیٚتھن لوٚ کن تھی۔ یہِ زانتھ تہٕ زِ ہرگاہ میون یہِ الزام غلط دراو یا یہِ محض میون شک ثابت سپُد بوٚ یمہٕ پانہٕ رٹنہٕ تہٕ چانہِ بےعزتی ہُند قصوروار مانہٕ۔ یم سأری دِن مےٚ خلاف تیلہِ گوٲہی تہٕ شوٚتھ گژھہِ تباہ بوٚ چھُس تہِ سورُے زانان۔ چھا کنہٕ نہٕ۔ بوٚ زِ وساہے از صبجنس بدلاوِ مےٚ پانژھ فیصد اضافس پیٹھ کینٛہہ ہونٛچہِ پننہِ اکہِ اہم کامہِ باپتھ تہٕ لگ بگ ترےٚ ساس روپیہٕ گٔرم جمع۔ حساب وکتاب چھم چندس منٛز ڈائری پیٹھ لیکھِتھ۔ گرٕ وٲتی تھے گنٛز اٲوی مےٚ پوٚنسہٕ...... جناب لیباز تنکوف چھُ مےٚ اتھ کتھہِ گواہ......ترٛ وۄہ شتھ روپیہٕ تھٲوی مےٚ تُلتھ اٲکس کوٹہٕ چندس منٛز۔ پانژھ ہتھ روپیہٕ اٲسی وُنہٕ میز پیٹھ یمن منٛز ترےٚ ہتیٚ اٲسی۔ ''یمہٕ ساعتن ژٕ میانہٕ شیٚچھِ پیٹھ'' کمرس منٛز ژٲ ایکھ پوٚنسہٕ اٲسی تی۔ یتیٚس کالس اسہِ ملاقات کوٚراگر یاد آسی تیتس کالس اٲسکھ ژٕ تھارٕہٕ تہٕ پریشان باسان۔ یتے اوتنہٕ نہٕ ژٕ وٲژھکھ تریٚیہٕ پھرِ کتھ اٲتی ترٛ اٲوتھ کمرٕ منٛز ژلنہٕ باپتھ مگر مےٚ ترٛ اٲوکھہٕ نہٕ کینٛہہ۔ جناب لیباز تنکوف چھُ میانہِ کتھہِ گواہ......گوڈٕ مےٚ

چھُنہٕ باسان ژٕ کرکھ میانِبن یمن کتھن نکار ژٕ تہٕ کرکھ یتھ کتھِ تصدیق زِ مےٚ اناٰوٕ کھ ژٕ لیباز تنکوفس اتھ نادِتھ محض اکہِ مقصدٕ زِ أسی کرو چانہٕ تیمس بے آسرٕ تہٕ بے یار و مددگار، کیٹرینا ایوانونا یہِ (ییمہٕ مےٚ سالس تہٕ پزٕ ژھمت اوس تہٕ پننو مصروفیژو ٚکِنی ہیوٚکُس نہٕ یتھ ) ہنٛز ابتر حالت وُچھتھ چندٕ کرتھ اکھ فنڈ تیار۔ یتھ اندر مےٚ چون صلاح درکار اوس تاکہِ أمِس بچارِ ہکو کینٛہہ مدد کرتھ۔ ژےٚ کوٚرتھ امہِ باپتھ میون شکریہ تہٕ تہٕ بلکہ ہوٗرتھ اوٚش تہٕ۔ یہِ سورُے کوٚرمےٚ امہِ ٚکنی بیان زِ ژےٚ پےٚ یِی سورُے واقعہ یاد تہٕ بیٚیہٕ تری فکرِ زِ مےٚ ماچھُ اکھ ذرٕ تہٕ مشریتھ گومُت۔ امہِ پتہٕ تُل مےٚ ڈٕیٚین اکھ تہٕ دیتمے ژےٚ یہِ زأنتھ زِ میانہِ طرفہٕ گوٚو یمن مصیبت زدن خأطرٕ ڈسلایک قسط۔ جناب لیباز تنکوفن وُچھ یہِ سورُے پننوٕ اَچھو۔ امہِ پتہٕ دراسے بو ژےٚ دروازس تام ستی تہٕ ژٕ أسکھ بدستور گوڈنکی پأٹھی پریشان حألی اندر تہٕ گابرِ ہش۔ تمہِ پتہٕ اوسُس بو تقریباً دہن منٹن تام جناب لیباز تنکوفس ستی کتھ کران...... پتہٕ دراو لیباز تنکوف نبر کوٚت تام تہٕ بو گوس میزس نشہِ یتھ پیٹھ پونسہٕ أسی۔ مےٚ دوٚپ گنٛزراو کھ تہٕ تھوکھ تِلتھ۔ بو گوس حأران ییلہِ مےٚ اکھ ہتھ غأب گومُت وُچھ۔ ژٕ کرپانے اندازٕ بو ہرکا جناب لیباز تنکوفس پیٹھ شک کرتھ۔ یژھ ہانژھ لاگنس پیٹھ چھےٚ مےٚ شرم گژھان۔ چانہِ ینہٕ برٛونٛہہ محض اکھ منٹاہ أسی مےٚ گوڈٕ سأری پونسہٕ گنٛزرأوی یتی۔ رقم اوسُم برابر۔ مےٚ گژھہِ ہأ گنٛزراونس منٛز غلطی۔ تہٕ چھُنہٕ سوالے پأدٕ سپدان ...... ژٕ پاو پننی تھرٕ تھرٕ یاد۔ ژےٚ کتھہِ کنی کرے یتھ وٗلی وٗلی کمرٕ منٛز ژلنچ کوٚشش۔ ژےٚ چھےٚ نا یاد پوان ژٕ أسکھ کیٚنژس کالس میزس پیٹھ اتھہٕ زِ تھاوِتھ...... تہٕ چأنی سماجی حیثی یتھ تہٕ اتھ ستی لاحق سپدن وألی عادتھ تہٕ چأنی گریلو مجبوٗری...... یہِ سورُے نظرِ تل تھاوِتھ چھس بو پننہِ دِلچہِ رایہِ برعکس سبٹھے افسوسہٕ سان ژےٚ پیٹھ شک کرنس مجبوٗر۔ یہِ چھُ کُڈرُے مگر حق بجأنب شک۔ بو چھسے ژےٚ ونان حالانکہ میون شک چھُ یقین، کِس حدس تام پوٚنچتہٕ تہٕ

گٕرِتھ تہٕ چھُم احساس زِ بوٚ چھُس ژےٚ ہاَرٕژھ لاگٕتھ بوٚ ڈ خطرٕ موٚلی ہوان۔ مگر بوٚ ما چھُس کوٚچ مےٚ دوٚپ کتھ کھینٛز چھُنہٕ جان۔ مےٚ گٕر مناسب کارواٲیی دِکھ ما کیاز؟ فقط محترمہ چانٛنی بداطوارتہٕ وٚبٕھتی کارنامہٕ بوٚ زِتھ نتہٕ کیاہ بُڈ کتھ چھ ہنتھ روپٕل۔ میون تلہٕ پتیٚ مل۔

"مےٚ نیوٚنہٕ رٔکھنٛ" سونیایہِ وۆن خوفزدِ سپدِتھ "ژےٚ اَے دِتتھ مےٚ دہ روپلہٕ۔ سہ چھُم ییکیا......رٔٹھ نہِ واپس"۔

سونیایہِ کڈ یہ ونان چندٕ منزٕ رُومال نبر۔ اکھ لونچہٕ گنڈ مُژرٲوِتھ کوٚ ڈُن امہٕ منزٕ دٕہُین نبر تہٕ دیُتن لُذ ہنس۔

"گو ژٕ چھکھہٕ ونان ہتُین نسانیوٚ منہٕ کینٛہہ۔ سیوٚ دسیوٚ دکتہٕ مانکھ ژٕ" دٕہُین واپس نہٕ رٕٹتھ دابہٕ ترٲوِتھ تہٕ ملامت کران وۆننس تٕمی۔

"مےٚ انہٕ ناوٕکھ ژٕ بےٚ سہارٕ اٚشناون مدد کرنہٕ کہِ غرضہٕ نادِتھ تہٕ دیُتمے دٕہُین پننہِ عطیہ رٕنگی۔ تہٕ ژٕ چھکھ سہ وُنی کبس تھٕزتھاوِتھ مےٚ واپس پلناوان۔ یوٚ ہے چھا طریقہٕ۔ ژٕ چھکھا دپان امہٕ ستیٚ دپہ بوٚ ژٕ چھکھنہٕ روپیہِ وُچھِتھ بزبمان۔ وٕچھو۔ بوٚ کیاہ کران تہٕ امہٕ کیاہ معاوضہٕ دیُت مےٚ۔ یی چھا ضابطہٕ۔ ژٕ چھکھ ضروری سبق ہیٚچھناوٕنی بوز۔ بوٚ چھُسے اَکِس مخلِص دوستہٕ سٕندِ خٲطرٕ تہٕ گلُی گنڈِتھ درخواست کران۔ ژٕ سونٛچ وُنی کبس یی نہٕ میانہِ کھوتہٕ بہترپاٹھی کانٛہہ دوست بکار......یُس مصیبتس منز بکاریہِ سُے چھُ پوٚز یار......ژٕ سونٛچ بیٚیہ......ژٕ چھکھ زورٕ مصیبت موٚلی ہوان......پتہٕ انٛدی نہٕ کینٛہہ......بوٚ چھُس نہٕ پتہٕ پننہِ ہنہٕ نِشہِ ڈلان......ون......کیاہ چھےٚ صلح یِوان؟ دی واپس تہٕ کتھ کھمبوییتی!"

سونیایہِ ترٲوٕ ہورٕ یورٕ نظراہ تہٕ وُچھن پزٕبتھ کانٛہہ اوس نفرت تہٕ تیشہِ بٕرژو نظروٚ وُچھان۔ تم کھیٚہن تمِس ژٕپوٚستی۔ تہنزن نظرن ہٕنٛد الماس اوس تٕہنٛدِ خاطرٕ تو نہ

تہٕ ئنہ کرن وول...... تمہِ تژ آورا اسکولناوفس گٔن نظر......یُس لبہِ ستی پان تژ آوِتھ نرِ ژ سپنس پٕپٹھ گنڈِتھ استادٕ اوس تہٕ تٔسی گٔن نارٕ بڑ بہہ ژھٹن واجنو نظر وُچھان اوس۔

''توبا......خدایہ رحم'' اسہِ پیٹھ پُلسس اطلاع کرُن تہٕ تمہِ بڑ وٕنہہ اَناوُکھ ژ مہربأنی کٔرِتھ دربان یٔری'' لُذ ہنن وۄن ایملیایہِ سبٹھے نیزمی تہٕ عاجزی سان۔'' یہِ چھےٚ اتھی لایق۔ بوأسس زأنتھ یہ چھےٚ ژٕر بائے'' ایملیا ایوانو نایہ وۄن نرِ ژ ہیوٚر گٔن گِلنأوِتھ''۔

''ژےٚ چھیہِ پتاہ یہِ چھےٚ ژوٗر''لُذ ہنن روٗٹ تہنزِ زیوٚ درامُت لفظ۔ مےٚ چھےٚ وۄمید ضرورت پینہٕ وِزِ ونکھ ژ بیہِ یی۔ میڈم چانس بیانس چھی ییتیاہ گواہ''۔ لتہٕ ئژھ بدٕ کھلبلی۔ پڑ بتھ کانہہ اوس گھسرٕ پھسر کران۔ تہٕ ہورٕ یور کران۔ زنتہٕ بوٚ مبرِ گنس زیر نٕج۔

''کیا؟'' کیٹرینا ایوانو نایہِ دِژ خشمہٕ ہٕژ گٔنی کٔڑ بکھ زنتہٕ ہنگہٕ منگہٕ بیدار گژھتھ وۄنی ئری پیٹھی گژھان باسیوس تہٕ بُدی گیہِ لُذ ہنس زنتہٕ نالس تھپھ ژھنہِ ''کیا! ژ چھُکھا سونیایہِ ژوٗرٕ ہانژھ لاگان۔ ہنہ؟ سونیا چھا ژوٗرٕ ریٚنٛز؟ تھوٗکولہٕ واتلہٕ۔ ژٕ نے زٕ پوٗنسہٕ لوکھنہٕ!''

امہِ پتہٕ گیہِ گٔنی ووٗڑٕ سونیایہِ نِشہ۔ تہٕ کوٚرنس لوٗسمتہٕ نرِ ہرِ ستی آرٕ تہٕ دچھہِ گُرٕ نکہ پأٹھی چیٖرن۔ زنتہٕ وولیمٕ ہٕسی تنٛز أس۔

''ہتے ژے کتھے پأٹھی کوٚرُتھ جرأت أمِس نِشہِ ڈیٚین رٹنس۔ کھنی نبی سونیا کھنی نہٕ۔ بیوقوفے درا ایکھ......دی یہِ یٔری۔ جلدی داہ روٗپل مےٚ اتھہِ......وٗلی دی'

سونیایہِ ہنذِ اتھہِ منٛزٕ ڈیٚین تھپہٕ نتھ کوٚرُن تتھ دوٗگُل تہٕ یاشا کٔرِتھ لوٗین لُذ ہنس بُتھِس یہِ آوٗ ٹاس کٔرِتھ تس أچھی رٕ تہٕ أنی پیوٚ وپتھر......ایملیا ایوانو نایہِ ٹُل وٗلی سہ تھوٗد۔ پیٹر پیٹر ووچ لوٗگ کاڈبن نار کھستھ پھنکنہٕ۔

''ہے یہِ پاگل زنانہٕ رٹیوٚن یتھ۔ نتہٕ چھٕرن نہٕ یو''

دروازس پٮ۪ٹھ گٔے بیٚیہ کینٛہہ نفر بودیتٮ۪بتھ گوڈے لیباز تنکوف ووڈنہٕ اوس۔ یمن

تماشہٕ بیٛنن منٛز آسہٕ زٕ زنانہٕ تہٕ۔

''کیاہ ووٚنتھ؟ پاگل؟ بوچھسا پاگل؟ احمقا...... ہونیا'' کیٹرینا ایوانونایہٕ ووٚنُس

ووپھ گٔرتھ۔ بیوقوفا ژٕ ہا چھُکھ پانہٕ پاگل...... ہوٗنی واتِل۔ کولہٕ ووٚندکھا تل پٔتس پٮ۪نٕس۔

جعلسازا......کولہٕ ژھوٗمبہٕ وکیل......کمینہ انسان......ہنہٕ......ووٚندٕم سونیایہٕ ہنٛزٕ تلہٕ پٔتی

گردِ...... دپان سونیایہٕ نٮ۪نم پوٗنسہٕ......!......سونیا چھا ژوٗر؟ کولا ذلیلا۔ سوکریا ژوٗر۔ سو

ہاپچھےٚ خٲرات کران اگرے اکُے پوٗنسہٕ تہٕ چنٛدس اندر آسبس!'' کیٹرینا ایوانونایہٕ ترٛوو

دیوانہٕ سنٛدی پٲٹھی ٹھاہ ٹھاہ گٔرتھ اسُن ''ہے توٚہی چھُووَن سایتھ کانٛہہ احمق الارہٹ

وُچھمت'' ژوٗشوٗنی طرفو نفرٕ پٮ۪ٹھہٕ نفرس گٔژھتھ اُس لُزہنس وٲ کھلہٕ کران'' تہٕ ژٕ تہٕ

چھکھے؟'' دفعتاً مٲلی کینہٕ پٮ۪ٹھ نظر پٮ۪تھ ووٚن تمہٕ دنگ دِتھ ''ژٕ تہٕ چھکھے ہتے میانہٕ کورِ ژوٗر

ونان۔ واتِل ژوٗروَن کھتھ چھے پٕراژ ژھینہٕ مٕژ۔ ہتے پھٹیٚشل کالہٕ کوکری۔ دٲوی دار

کرٛہنہٕ ترٛ پالہٕ کھنٛجہٕ منٛز زنگہٕ ہوٗر برنہٕ ستی ینیے کھے پٮ۪ٹر پٮ۪ٹر ووچھی جوڈی در۔ اگر نے

اوٗن پیوٚمُت آسی......ینہٕ سونیا اورٕ آیہٕ تنہٕ درایی نہٕ یہ کمرٕ منٛز نبر۔ ہتے فقرٲنی یپھے آیہٕ

ژٕے بروٗنٹھی کٔنی تہٕ پٮ۪ٹھ مےٚ لرِ۔ کیاسہٕ توٚہی تے وُچھان اُسو۔ یہٕ پٮ۪ٹھنا یتٮ۪بتھ

رٕاسکولنکافس لرِ...... اگرے امہٕ پوٗنسہٕ ہٕنٛزتی آسن تیٚلہٕ آسنٕس چنٛدس......وُنہٕ مادرایہٕ یہٕ

کمرٕ منٛز نبر۔ وٕلو اُمِس گٔرِو تلاشی۔ تیٚلہٕ نیرن نارو پیہٕ اُمِس نِشہٕ۔ وُچھان کیاہ چھوٚ

گٔریوٚس تلاشی۔ میانہٕ حکمہٕ گٔریوٚس تلاشی...... آ......اکھ کتھ تھاوِو ؤنتھ اگرے اُمِس

نِشہٕ پوٗنسہٕ درآونہٕ۔ مےٚ دی زبو معافی۔ میانہٕ جگرو۔ توہہٕ پئیہٕ امہٕ خجالت کرنٕک جواب

دِیُن۔ بو گژھہٕ ملکہٕ کِس حاکمس شکایت ہٮ۪تھ۔ آبو گژھہٕ خود رحم دل فرمانروا سنٛدِس

دربارس اندر۔ بوترٛ اوس کھورن تل پان......اُزی......تیٚمے دَم......بوتے چھس یتھی

سرِ زمینس پٮ۪ٹھ روزان......بیٚیہ ترٕ فکرِ مےٚ دِیاسہٕ مُلاقات کِنہٕ نہٕ......بدل ماٲسوٗ رائے

کینٛہہ ...... یرٕ تہٕ سان واتہٕ محلس اندر۔ توٚہہِ باسیوٚ یہٕ شریف تہٕ زونوٚ یہٕ ہیٚیہِ مٹہِ۔ یوٚ ہے رٕ دوا خیال؟...... شریفن چھنا ووٗنی زُون بڑانتھے کانٛہہ؟ ...... کن تھاوِتھ بوٗزِو...... بوچھس نہٕ تیژ اہ نرم کمبہ ہنٛز ...... توٚہی دراوٕ وار یاہ حدٕ نبر ...... ووٗنی پیٚیوا میٚگ خمیازٕ ٹلن۔ ۂلوکرِ وأمِس تلاشی ...... وُچھان، کہو چھوٕ ہونیو...... تلاشی کریوٗسُو! ‘‘۔

’’کیٹرینا ایوانونایہِ دِنرِوو لُذہن ...... نالس تھپھ ترٛاوِتھ یہِ ۂپِزِ تہٕ کھکھرِ پکناوِتھ نیون سونیایہِ کُن ......‘‘ ہے بوچھُس تیار ...... تیٚلہِ چھُس بوٚ بے قصوروار ...... ٹھیک چھُ ...... مگر ژٕ سنبال دم گوڈٕ ...... محترمہ ژٕ کرأ کس پیٚنٛتس صبر ...... مےٚ چھُ مولوٗم ژٕ کأژاہ تیز چھکھ! مگر کتھ بوز ...... یہِ ژٕ ونان چھکھ تہٕ چھُ ٹھیک ...... مگر......‘‘ لُذہن لوٚگُس دنٛد ٹوٚ ے ٹوٚ ے وننہِ ’’تلاشی گژھہِ پُلسس برٛونٛہہ کنہِ سپدٕنی ...... حالانکہ یتیٚتھ چھی واریاہ گواہ ...... یہنٛزِ موجودگی منٛز چھُس بوٚ تیار ...... پوٚ زا کھ مرد کرِ أ کس زنانہِ تلاشی ...... تہٕ ...... تہٕ چھُ مُشکل ...... یہِ چھُنہٕ کُنہِ تہٕ صوٗرتس منٛز جائیز...... آ ...... ایملیا ایوانوناہیکہِ اتھ اندر مدد کرِتھ ...... حالانکہ یہِ چھُ قونونس خلاف ...... وَن کیٛاہ چھُ کرُن؟ کُس کربس تلاشی؟‘‘ یِتھہٕ کُنہٕ توہہِ خوش گژھہِ ...... لیس تہٕ مرضی گژھہِ سُہ کرِن أمِس تلاشی!‘‘ کٹیر ینا ایوانونایہِ ووٚن با آوازِ بلند ...... سونیا ...... کڈی ژٕ پننہِ چنٛدٕ گوژرِ نبر ...... وُچھو دِیونظر ...... ہیوٚژھو ...... چنٛدٕ چھا خأ لی کِنہٕ نہ ...... یہِ گیہِ أہنٛز اتھہٕ ۂژ ...... یہِ گوٚبیا کھ چنٛدٕ ...... دِیونظر ...... وُچھان چھِوا ...... وارٕ وُچھی زِیو‘‘۔

کیٹرینا ایوانونایہِ پھرِ چنٛدٕ گوژرِ ...... بلکہ وَنو درٛسہٕ دِتھ کڈِن دوٚشوے چنٛدٕ گوژرِ نبر کُن۔ تہٕ ۂچھنہِ چنٛدٕ منٛز دراو کیٛاہتام کاغذ پُرزٕ یُس زٕنتہٕ گوٚج ہیوٚ وُڈان وُڈان لُذہن ہنٛدِ بن پدٕ بن تل پیوٚ و۔ یہِ وُچھ پرٛ بتھ کأنٛسہِ ...... واریاہو دِژٕ وُچھنے کرٛ بکھ دراو ہا ...... پیٚٹر پیٹرووچ نمیو وِ بون کُن تہٕ نبٹھہٕ تہٕ شہادتچہِ اوٚنگجہِ سٟتی ٹلن تھوٚ دتھہٕ کُنہٕ زِ سأری وُچھن تہٕ وارٕ وارٕ مُژروُن۔ یہِ اوس ہٹیٚن یتھ أٹھ تاہ کرِتھ أسی۔ پیٹر

پیٹر وو چن روٗٹ ہٹتھیٖن اتھس منز واش کڈتھ تہٕ ہووُن پزٕ بتھ أ کس۔

''ژوٗر.....ژوٗر......میون کمرٕ گرِو پھٹاپھٹ خألی...... پولیس ...... پولیس أنیوُن یکدم'' أس ایملیا ایوانو نہ ونان......یم پزن اسہِ جیلچہ کال کوٹھرِ منز برناوٕنہٕ...... ییتہِ گیہ گانڈ دفع کرٕنی'' پزٕ بتھ انڈٕ أسی لوکھ حأرت زدٕ چہ مے گوٗیہ کران۔ رأ اسکولٕ نکاف اوس ژھوپہ دَم گرِتھ سونیایہ مُدأ ے گنڈتھ وُچھان البتہ منزی ترٕ اون اکھ برق رفتار نظراہ لُزٕ ہنس گُن۔ سونیا أس روٗبوٗدِ گرٕ ھتھ استاد زنتہٕ دبن گأمژ أس۔ سوٗ أس نہٕ امہِ اچانک پأٹھی رُسوا گژھنچ شدت تہِ محسوس ہبکانٕ گرِتھ...... أتھی منز پھیوٗر تھنڈ بن روٗخن نوٗ ورنگ ......تس ژٕجی کرٕ بکھ نیرِ تھ تہٕ اتھہٕ زٕ بتھس پٹھ تھأوِتھ کھوٹن موکھ۔

''نہ......مےٚ چھنہٕ کہنی پتاہ......یہ نیوٗنہٕ مےٚ ہرگز تہِ ژوٗرِ......مےٚ گرٕ نہٕ کانٛہہ ژوٗر'' وأنجہِ گژی کرن واجنہِ لبلہٕ گرِتھ ونان ونان گیہ سوٗنی ووٹہِ کٹیر ینا ایوانو نایہِ نشہِ ییمہِ سوچیر سان وٕچھس ءتی رٔٹ زنتہٕ سأری دُنیاہچو بلایوِ نشہِ بچاوِہس۔

''سونیا......میأنی جگری...... ہتے بو مانے تہِ......ژٕ کہے زِ گابران ......بو نے کرٕنہٕ ہرگز تہِ اتھ پٹھ یقین......'' پننو أچھو شبوت وُچھتھ تہِ أس نہٕ سوٗ یہ حقیقت تسلیم کرٕنہٕ خأطرٕ تیار......تہٕ پننِن برٕ ھن منز أسس دوٗدِ موٗ ءمی ءندی پأٹھی گوٗرِ گوٗرِ گرِتھ بتھس ماہ تہٕ ہمیٹھی کران......امہِ پتہٕ رٔٹن أہندی اتھہٕ پننِن اتھن منز تہٕ گرٕ ننس گلن ہمیٹھی۔ ''یم چھےٚ ونان ژےٚ ہپتھ تم......یم ہے چھی بیوقوف......عقلہِ روٗستے میأنی جگری! آ......توٚ ہی چھوٕ احمق......بیوقوف چھوٕ'' کمرس منز موجود لوٗکن ووٗن تمہِ کرٕ بکہٕ دِی دِی۔ ''ہتو توٚ ہی کیتو چھوٕ خبر......توٚ ہی کیتوز أنو اوہند دِل کیُتھ چھُ......یہ موٗصُم کورٕ ہن کأژاہ نیک دِل چھےٚ......ہتا یہ کریا ژوٗر......تہِ چھا تورٕ ووٗ تھمُت......یہ ہاکنہٕ نا لکی پلو ......یہ ہا پکہِ کھور ننو أرٕے توہہِ ءتی ءتی اگرے ونیوٗس اسہِ چھُ مدد درکار۔ یہ ہا چھےٚ دوٗیمِن ہندِ خأطرٕ پان گالان۔ اوہند ہیوٗ طبیعتھ کسوٗ آسہِ۔ امہِ ہا کڈنأو زردلاسن

کیٛاز مِیانۍ شُری أسۍ فاقہٕ پھِرمران۔ امہِ کوٚرپٔنٕن پان سانہِ باپتھ نیلام۔ ہامیانہٕ ڈبکو ...... کسۍ ترٕ أوِتھ گوہم سرتاجو...... چھُکھ نوٗ چھان میانہِ ڈبکو...... ہو ہو ہو۔ مےٚ ؟ چانہٕ باپتھ یِتھ فاتحہ بتہٕ کوٚر ڈبکو ...... ژےٚ گوٚ ژھُے جنتس منز جاے دِیُن ڈبکو۔ ژٕ کونہٕ چھُکھ أہنٛدِ کنہِ ووتھان، ہے توٚہۍ کیٛاز یِتھ ووتھنہِ روٗ زِتھ تماشہ وُچھان ...... ہے روڈیا ژٕ کونہٕ أہنٛدِ کنہِ ووتھان؟ ژٕ تہِ چھُکھا اتھ پیٹھ پڑھ کران؟ توٚہۍ لوٗیونہٕ أہنٛزٕ کسہ برابر ...... آ توٚہۍ سأری وُنٛدۍ موٗ أہنٛزِ کسہِ ......! ...... میانہِ بڑٕ خدایہِ ...... ژٕ ے کر أمس مدد...... وُنۍ کیٛس چھُ چونے مدد درکار!

أمس غریب دکہٕ ژُدی نہِ تہٕ بےٚ آسرٕ زنانہِ ہنٛزن لبٕلن ہُنٛد پیوٚو بوزن والین پیٹھ سرٕ وٗن اثر۔ فکروتہٕ پریشانیو سٟتۍ ڈوٗلس بُتھس رنگ۔ سِلہٕ لِدنۍ ہش آس باسان ...... خوشکھ پرٛاژن تہٕ ژُدی ہتین وُٹھن پھوٚ ٹمُت رَتھ اوس دوٗرِ بوزنہٕ یِوان ...... آواز بیٛگرے یس ...... اوٗشس لجِس شُری سٕنٛدی پٲٹھی دارمدتہٕ خأطرٕ اوٗش ہارُن تہٕ ژڈلائنۍ، ووٚمید پھُٹتھ دعامنٛگنۍ، یہِ سوٗرے اوس وأنج کتراوان۔ پزٕ بتھ أکس آوتس پیٹھ عاریتھ حدس تام زِپیپٕر پیپٕر ووچ تہِ کُملیوو تہٕ اوس رحمے کرُن یژھان۔

''محترمہ...... بوز محترمہ...... امہِ وأری دلتہٕ چھُنہٕ چأنِس ذاتس کانٛہہ حرف یِوان'' تمۍ وۄن اثر دار طریقہٕ......'' کانٛہہ سونچنہٕ یِہ زِ ژےٚ مادِیُتھ أمس ژوٗر کرنک ہس یاژ ماچھس اتھ اندر شریک خاص گرِتھ ییٛلہِ زن ژےٚ دِیُتھ أہنٛد بن چنٛدن پھیٚرِ دِتھ اوہنٛد اثر نوٗن کڈتھ۔ امہِ سٟتۍ توٗر فکر ژےٚ چھے نہٕ امیگ گمانہٕ تہِ اوسمت۔ کیٛنہہ چھُنہٕ پرواے۔ بوٚچھس رحم ہے پیٹھ آبادٕ خاص گرِتھ ییٛلہِ غریبٕ کنۍ صوفیایہٕ زن ونو ژوٗر کرنس پیٹھ مجبور گیہٕ۔ مگر ژےٚ کیٛاہ گوٚے سوندر مألی۔ ژےٚ کیٛازِ کوٚرُتھ یِہ قبوٗل کرنہٕ نِشہِ انکار...... ژٕ أسکھا بےعزتی گرژھنس کھوژان؟ یِہ ماأسی ژےٚ گوڈنچ ژوٗر زِژےٚ ڈلی مغزٕ ...... مگر کوتاہ بون

وولتھ پان یژھ گنڈ حرکت کرِتھ...... ہے لۆکو"۔ سُہ لۆگ سارنے مخاطب سپدِتھ ونئہ "بۆ زِ وساتھدِ شانہٕ لۆکو! مےٚ گیہ دِلس اندر یتھ مصیبت زدگرس ستی ہمدردی پاٗدٕ۔ اٗخر رحمے چھُ روزٕونی دولتھ لہٰذا چھُم یمن پیٹھ ترس یِوان تہٕ چھُس درگذر کرُن یژھان۔ حالانکہ یموگرمے بےٚ وِقری تہ بے عزتی تہٕ کرِتھ تہٕ چھُس ووٚنی تیمی دمہٕ یہ سوٗرے مشرُن یژھان" تہٕ ژےٚ روزی آیندس ہمن اٗزی چہِ بےٚ یزتی کنز" سونیایہِ کُن مخاطب سپدِتھ ووتھ سُہ "ووٚنی ژٕ ٹہٕ ہو کتھ ییتی۔ معاملہٕ پکناونہٕ بڑ وٚنٹھ کُن کینہہ۔

پیٹر پیٹر ووچن تژ اووے یہ ژٕر نظراہ اکھ رَاسکولنکافس کُن امانظرٕ میٚل گوکھ تہٕ باسان اوس رَاسکولنکافن اٗچھومنز نیرن واجنہٕ نارٕ بڑ ہہ کرن پیٹر پیٹر ووچس سوٗرٕ پھکبھ۔ کیٹرینا ایوانو وناٗس غوطن گاٗمژ تہٕ فکرِ اوس تران تمہِ بۆزنہ پیٹر پیٹر وِوچُن اکھ لفظ تہٕ۔ سوٗاس دیوانہٕ ہنٛدی پاٗٹھی سونیایہ مونہِ تہٕ میٹھی کران۔ شُر بو تہِ کوٚر سونیایہِ گیرٕ تہٕ پولینکا ......حالانکہ تمِس اوس نہٕ پوٗرٕ پاٗٹھی فکری تران زِ معاملہٕ کیاہ چھُ۔ اٗس ژالہِ ژالہِ اوٚش ہاران۔ اٗچھی ہنٛز راوین تہٕ پٹن ووپھر یومُت پزیوٚن بُتھ تھوٗون سونیایہِ ہنٛدِس پھیکس پیٹھ۔ ہکھو ستی اٗسس سارٕی ہے پانس ژِنن گژھان۔

"یہِ کیتھ کمینہٕ تہٕ ذلیل چھُ" درواز پیٹھہٕ گژ بڑے یہ اچانک پاٗٹھی اکھ آواز۔ پیٹر پیٹرووچن دِژ اور کُن گردن پھرِتھ حاٗرتہٕ سان نظر۔

"یہِ کیہ کمینگی!" لیبازتنکوفن ووٚن سیدِ سیوٚد اٗہنٛدِس بُتھس کُن وُچھتھ...... لُذ ہن وٚنبزیوو...... پزٕ بتھ نفرن ژٕرُژتہٕ تہٕ اٗتھی ستی ژاٗنی لیبازتنکوفن کمرس اندر قدم تہٕ پوٚک بڑ وٚنٹھ کُن۔

"تہٕ بیٚیہِ چھکھ ژِ پزٕ بتھ کتھہِ پیٹھ ونان زِ یہِ چھُم گواہ۔" تمی ووٚن پیٹر پیٹر ووچس کُن نکھہٕ یتھ۔

"مطلب؟ ژِ کیاہ چھکھ وُنن یژھان؟" لُذ ہن ووٚنس دَنڈ ٹوٚے ٹوٚے۔

''مطلب...... بوٚ چھُس وَنُن یژھان...... ژٕ چھُکھ بوٚ ڈبوٚ ہتان تراش۔ اپزیور تہٕ کذاب۔ یِی چھُ میانہِ وننُک مطلب'' لیباز تِنکوفن وۄن تس خۄنس گژھکھ لِگتھ۔ معاملہ فہم أچھوتژ أونس ذٕ رنظر۔

سُہ اوس حدٕ رۄس خشمہٕ ہوٚت۔ رَاسکولِنکاف اوس بغور تس ئزِتھ وُچھان زنتہٕ تھٕنژ زیوِ نیرن وول لفظ تولان تہٕ کھوچہِ کھالان اوس۔ اتہِ گیہِ دُبارٕ مزارچ ہشِ ژھوپہٕ۔ گوڈنچہِ لٹہِ اوس باسان پیٹر پیٹر ووچ کلیوو۔

''ژٕ...... ژٕ چھُکھا...... مطلب مےٚ ونان'' کتھ کلان کلانٕے وۄنُس تمٔ ''مگر ژےٚ کیٛاہ گوٚے۔ ژےٚ چھُیا دِماغ ڈۄلمُت وُنی کبس؟''

''بوٚ چھُس پۄرٕ کاڈبوٚ۔ مےٚ چھُ دِماغ ڈٔنجہِ۔ توے توٚ رُم فکرِ ژٕ چھُکھ اصول رۄس ژھیۄٚژھ توبا...... یُتھ کمینہٕ چھُنہٕ مےٚ وُنیُستام وُچھمُتے...... ہے بوٚ اوُسس سورُے بوزان...... تہٕ اکہِ مقصدٕ کوٚرُم صبر سُہ یہِ زِ مےٚ دۄپ گوڈٕ وُچھہٕ معاملہٕ کیٛاہ چھُ...... بوٚ چھُس یقرار کران زِ مےٚ چھُنہٕ وُنہِ تہِ امہِ سارِکُے کانہہ جواز باسان...... یُس تماشہِ أمی کوٚر...... یہِ سورُے کیٛازِ کوٚرُتھ ژےٚ یتہِ چھُنہٕ وُنہِ تہِ مےٚ فکرِ تران۔ بوٚ چھُس راوان!'' ''کیٛازِ راوان کیٛازِ چھُکھ۔ تیُٗتھ کیٛاہ کوٚر مےٚ؟ بکواس کر بند۔ پژٕ پژٕ موون۔ نتہٕ ماچھُتھ شراب چوٚمُت! بنان چھُ!'' لُذ ہنن وۄنُس۔

''شرأبی چھُکھ ژٕ ے دراصل۔ کولہِ کمینہٕ۔ بوٚ چھُس نہٕ شرأبی۔ مےٚ چھُنہٕ وُڈکا زانہہ اتھس کنبتھ تہِ تُلمُت کیٛازِ یہِ چھُ میانین اۄصوٗلن خلاف۔ ہے بۄزِو أمی خنزیرن پلنو وخود پننہِ اتھہٕ یہِ ہتُین صوفیا ہس۔ اگرے پژھ گرِو۔ تتھ چھُس بوٚ گواہ۔ بوٚ ونوٕ حلفن۔ یہِ چھےٚ أہنژٕ ے چال۔ بس أہنژٕ ے چال!'' لیباز تِنکوفن دوہرأوی پنٕژ الفاظ۔ لۄکن مخأطب سپدِ تھ۔

''ژٕ ماچھُکھ مزأری پیٹھی آمُت۔ ژٕ نے زانہہ زانکھ شرارت کرٕنی وُنی کبس

کتھ پیٹھ چھُکھ ہہنگن میزٕ لٔدِتھ"۔لُذہن اوس تس نرماوٕنچ کوٗشش کران "یِنے ژے بزٕ وٕنتھ کنہٕ چھے......امے پانہٕ خودوٕنی مٔٹہ ہیوٚت مے دیُت اُمس محض اکھ ڈہین۔تہٕ یہِ ہٹین کیاہ ری دیُت مے اُمس؟"

"تہِ وُچھنا مے ......مے وُچھ تہِ پننوٕ اُچھو"لیباز تنکوفن وٕنس پھرِ پھرِ۔ حالانکہ تہٕ چھُ میانین (انقلأبی) اوٗصوٗلن خلاف مگر بو چھُس وٕنی تیٚمی لٔحظہٕ عدالتس حلفی بیان دِنس تیار۔ کیاز مے وُچھ یہِ ،کتھہٕ کنی تزٕ ووُتھ ژے اُمس چنٛدس منٛز۔ہونہِ......بو تہٕ بُلیوس تمہِ وِزِ محض اِو،کنی زِ مے دوٗپ ژے اوے یمن پیٹھ عار!یمہِ ساعتہٕ ژٕ اُمس دروازس پیٹھ روخصت اوسُکھ کران تہٕ اوہند اتھہٕ روٗٹتھ پننس اَکس اتھس منٛز دوٗیمہِ اتھہٕ ستی مطلب کھوورِ اتھہٕ ستی تزٕ ووُتھناژے اُمس لوٚت پأٹھی یہِ نوٹ چنٛدس۔ مے ہے پانہٕ وُچھ۔پننو یمو اُچھو وُچھ"۔

لُذہنس پھیر لیدٕ رژھتھ۔

"اپُز ہا......یہِ ،کتھو اپُز"لُذہن کوٚرو کُر"ہتا۔ژٕ کتھا پأٹھی وُچھکھ دوٗرِ پیٹھہٕ یہِ نوٹ۔ دراصل چھُ چانیو یمو تیز اُچھو دوکھہٕ کھیوٚمُت تہٕ قیاس چھُکھ کران۔اوے چھُکھ ناحق گژٕ بزان!"

"نا......بو چھُس نہٕ قیاس کران۔یہِ چھُ پوٚز بو اوُسس ژے نشہٕ ہنا دوٗرٕ ے مگر مے وُچھ یہِ پیٛنتہِ پیٛنتہِ۔یہ ہے چھُ پوٚز زِ دوٗرِ دارِ پیٹھہٕ نوٹس فرق کرٕنی اوس مشکل......تتھ گُس کرِنکار۔مگر امیک چھُ پوٗر پتاہ یہِ اوس ہٹین نوٹ کیاز یِیلہٕ ژے صوفیاہِ خأطرٕ ڈہین تُلِتھ تمی وِزِ تُلِتھ ژے میزٕ پیٹھہٕ ہٹین اکھ تہِ (یُس مے صاف پأٹھی پننوٕ اُچھو وُچھ کیاز زِ امہِ وِزِ اوُسس بو توہہِ نکھے وودنہٕ۔تہٕ مے آو اکھ خیال یمہِ ،کنی مے مشہِ نہٕ زِ یہِ اوس ہٹین چانٛس اتھس منٛز)۔ژے کرِتھ اتھ میٚٹ تہٕ تھووُتھ اتھس منٛزے اتھ سأری ہے وقتس دوران۔بو سینیوس نہٕ پتہٕ اتھ یِیلہٕ ژٕ تھوٚ دوٗ تھکھ تہٕ اتھہٕ بدلاوِتھ

بۆرتھن دٕ چھنہِ پێٹھہٕ ووٚنی کھوورِس اتھس منزٕ تہٕ لگ بگ ہرٛ ون یہ دٕسی پیوٚن تہٕ ژٕ ے کوٚرتھن دٕلی بند۔ بوا وسُس یہِ وُچھان۔ یێیہِ آوٕ گوڈٕ نکُے خیال ذہنس اندرٕ سُہ یہ زِ ژٕ چھُکھ بےٚ خبر پأٹھی أمِس سوچھا کرُن یژھان۔ یہِ گژھہِ نہٕ وچھنُے۔ مےٚ ما چھےٚ چأنی بدنیت مولوٗم۔ توٚ ریہِ ووٚنی فکرِ مےٚ چھُمکھ وُچھمُت زِ کتھہٕ پأٹھی ترٛ ووُتھ ژٕ ے پتہٕ أمِس چنٛدس منزٕ۔ توبا...... اِد سامےٚ وُچھ پننوٕ أچھو۔ بوٕ ے یہِ کتھ حلفی بیانس پێٹھ دٕنتھ ہیکہٕ۔

’’لیباز تِنکوف تھوٚک۔ سُہ اوس پھرٛ ہکان۔ لٕکھ پیےٚ حأرتس منزٕ۔ یێیہِ زٕنتہٕ بمبہٕ گنس زہر لُجی۔ کیٛنہہ أسی چھ مے گویہ کران۔ دٕنٛدن تل اوٕ نگجٕ ترٛ اوان۔ تمو سارؠ ے کوٚر پیپٹر پیٹرووچس گیرٕ۔ کیٹرینا ایوانونا گیہِ ووٚٹی لیباز تنکوفس نِشہِ۔

’’شوٗٹھہِ گیو وپھرٛ ہٹھ...... مےٚ گییے یہِ چأنی غلط فہمی! زووٚند ے یہِ موصُم بچاوٕ ن۔ ژٕ ے اوت چھُکھ فردِ وأحد یُس أہنٛدِ طرفہٕ ووٚتھ۔ یہِ چھے بچأر یتیم۔ یتیمن چھنا سأری لار ژانان مگر خدا ے چھُ پێٹھہٕ کنہِ وُچھان۔ وُچھی کتھہٕ کُنی سوٚ زنکھ وٗنی کنبس وقتس پێٹھ۔ شُکرتس کُن!‘‘ یہِ زانہٕ کرنہٕ ورأے زِسو کیٛاہ چھی کران نمے یہِ سو بون کُن تہٕ پێیس پادن۔ ’’بکواسہٕ چھُنٛج!‘‘ لُذ ہنن وۄن شرارتہٕ ہتی ’’ژٕ چھکھ افراسیأہی ونان۔ ڈجرٕ کتھہٕ چھُکھ ونان۔ گوڈٕ آم خیال۔ پتہٕ سوٚ نچُم نہٕ کیٛنہہ۔ توٚ پتہٕ وُچھم ...... اتھ کیٛاہ چھُ مطلب نیران۔ اچھا تہٕ مےٚ أے دِتی أمِس کمہِ باپتھ أڈزأڈ کرنہٕ باپتھ؟ تمہِ ستی کیٛا مقصد نیرِ ہامےٚ؟ ون تیٛلہِ ژٕ ے مےٚ کیٛاہ مراد نیرِ ہا؟ نہکہٕ پہکے کیٛا زِ کرٕ ہا یوٕ یہِ......؟

’’مراد تہٕ مقصد کیٛا چھے! تی تہٕ چھُمنہٕ وُنہٕ فکر تران مگر یہِ کیٛنژھا مےٚ ووٚن تہٕ چھُ اکھ حقیقت۔ یتھ نہٕ کانہہ شک چھُ۔ ووٚنی یوسہٕ غلط فہمی مےٚ گییہِ۔ تتہٕ ونے کولہٕ بدذات بد معاشہٕ، ژٕ چھُکھ دراصل عأدی مجرم۔ بے ایمانہٕ مےٚ چھُ بأنہٕ بأنہٕ یاد تہٕ وُچھتھ کُس خیال آوٕ ے آناً فاناً یێلہِ بوٚ ژٕ ے شکریہ اوسے کران تہٕ اتھہٕ دباوان اوسہٕ سے۔ ژٕ ے کیٛا زِ تھوٚ تھٕ أت پأٹھی ہتێن أہنٛدِس پنٛدس ژوُنُم شاید مےٚ نِشہِ کھٕنٛتھ تھاونہٕ

موکھہٕ۔ تہِ کیٛازِ چاۓنہِ تہٕ میاۓنہِ خیالات چھِ بیۆن۔ بوٚ چھُس نہٕ تہٕ تھبن خاۓراتن ہٕنٛدِ حقہٕ کیٛازِ امہِ ستیٚ چھُنہٕ اصل مرض موکلان یعنی غریبی ہُنٛد خاتمہٕ سپدان۔ لہٰذا کوٚر مےٚ پننہِ جایہِ فاۓصلہِ زِ ژٕ منٛدٕ چھُکھ مےٚ تھی یُو تاہ بوٚ ڈرقم دنہٕ بیٛیہِ آم یتہِ خیال زِ ژٕ ما چھِہن یہِ ترٛبن تہٕ ترٛوٕہن کرٕنی یژھان یام سو یُو تاہ بوٚ ڈرقم چنٛدس منٛز وُچھہِ۔ (کیٛازِ مےٚ چھُ مولوٗم واریاہ خاۓرات دِنہٕ واۓلی چھِ امی آیہِ مدد کرنک شوق تھاوان) اُتھی ستیٚ آم یہِ خیال تہِ زِ ژٕ ما چھِہن یہِ آزماوان زِ وولہٕ وُچھو۔ییٚلہِ سو چنٛدس ہٕتٛین وُچھہِ۔ شکریہ کرنہِ ییا کنہٕ نہ۔

بیٛیہِ یتہِ زِ ژٕ اوسُکھ شاید یژھان ووٚنی کتھ اُمس منتھ تھاوٕنی اُمس گوٚژھنہٕ اوے پتھے لگن کیٛازِ زوناں چھنا۔ کیٛاہتام ژٕ چھنہِ اتھک گژھنہِ کھورس اتھس پتاہ لگن ...... مےٚ کرِ کم کم سرٕ۔ مےٚ گراملِکی واریاہ امکانات بدکڈٕنچ کوٗشش تہٕ منسووٗم۔ ژٕے دیتمے نہٕ باسنہٕ زِ بوٚ چھسے سِرس واۓقف۔ مےٚ آو ستیٚ یہِ خیال تہِ ذہنس منٛز زِ صوفیا ژھنہِ یم پوٚنسہٕ راوٕ راۓوِتھ کیٛازِ ییٚلہِ تمہِ وُچھی نہٕ تمِس اچ خبرٕ ے چھینہٕ اوے آیوس بوٚ یورِ زِ کمرٕ منٛز کڈن نمبر تہٕ ونس ژٕے ترٛووُتھ اُمس ہٕتٛین چنٛدس منٛز۔ مگر یورِ یوان یوان ژٕاس بوٚ گوڈٕ میڈم کوبلایہِ ہُنٛد گرٕ کیٛازِ تس اۓسِم "جنزل ٹرٹز" کتاب دِنی یوسہٕ مثبت طریقن ہٕنٛز وضاحت کران چھِ، پتہٕ ہاۓوِم تس خصوصی طور پیڈ رہٹ ہٕنٛدی مضمون تہٕ واگنرسُنٛد تہِ) تمہِ پتہٕ آس بوٚ یورتہٕ ییتہِ چھُس بوٚ عجیب حالت وُچھان! توباتلہٕ ساژٕ ے ونتہٕ مےٚ کتہِ تیٛہن ہنگہٕ تہٕ منگہٕ خیالات ذہنس منٛز اگر نے اۓہنٛدِ چنٛدس منٛز ہٕتٛین ترٛ اوان وُچھمت آسہمکھ۔

لیباژنکوفن ییٚلہِ زیوٗٹھ تہٕ جوشہِ ہوٚت تقریر اند واتنووتہٕ لوٗکھٕ منطقی نتیجس پتھ واتناۓوی سُہ اوس زنتہٕ تھکِتھ ژھیٚتھ پیوٚمُت۔ ڈیکس پھوٚٹُس عاۓرق تہٕ بتھِس آسس زنتہٕ جوٚیہِ وسان۔ بدقسمتی اُس یہِ زِ سُہ اوس نہٕ پننہِ ماجہِ زیوٚ اندرتہِ پٕنٕز کتھ گٕٹھہٕ گوجو ورٛاۓ ے وٕنتھ ہبکان تہٕ دوٗیم کاژھہ زبان زاننگ اوس نہٕ سوالٕے اوے تھوٚک یتھ بہادرلنہٕ تقریر گرِتھ زنتہٕ وٕستھ پیوٚو۔ مگر خوبصورت تقریر گرِتھ کوٚرُن پژٕتھ کاژھہ

زبردست پأٹھی مُتأثر۔ تِمۍ ؤنی پنٕنۍ کتھ تمہِ زوردار اندازٕ تہٕ تمہِ اعتمادٕ سان زِ یقینی طور کوٚر پزبتھ أکی لتس پتھ یقین۔ پیٹر پیٹر ووچھ گوٚو احساس زِ حالات گۍ تس خلاف۔ ووٚنی چھُنہٕ خأر۔

''یوٚ دوٚے ژٕ ناسہٕ تژ اسے سونچان روٗزٕ کھ تہٕ دبماغس منٛز فتوٗرٕ ے اوت پھی یو کیا کرے تتھ یہِ چھےٚ سراسر بے وقوفی'' تِمۍ وہرأو گل ''یہ ہیکہِ نہٕ گوأہی مانہٕ یتھ۔ ئلپُکمن ژٕ خواب آسہٕ ہکھ وُچھان، یہِ چھُنہٕ تمہِ ورأے بیٚیہِ کینٛہہ! جناب عألی ژٕ چھکھ ٹرونان۔ بو ونے سرِ عام۔ ژٕ ے چھےٚ میون خبر کیا غرض۔ کیا ہتام کینہٕ تو ے چھکھ اپز ونان تہٕ مےٚ تہمت لاگان۔ محض اِ کِنہٕ زِ ژٕ ے لوٚگے میون دِلس تہِ کیا زِ بو چھُس نہٕ چانہٕ آزاد خیالی ستی اتفاق کران۔ بو چھُس نہٕ چون یہِ وُنہ تسلیم کران زِ خدا کیاہ چھُنہٕ...... تہٕ سماجس منٛز چھی سأری برابر''۔

مگر امہِ بیانہِ ستی دراوِنہٕ پیٹر پیٹر ووچس کانٛہہ مفاد۔ پزبتھ طرفہٕ أسی لوٗکھ تہٕنز ذٔلیل قبوٗل نہٕ کرنچ کتھ کران۔

''اچھا...... گوٚو چونے چھُ صحی...... تی چھا چون مطلب'' لیبازِنکوفن وۄنُس کھور زِ ٹھپکرأوِتھ ''ہنہہ ژٕ چھکھ ونان بو چھُس بکواس کران! اَنا وپُلیس تہٕ بو کرِ تمن بزوٚنہہ کنہِ بیان حلفی پیش...... پانے ننہِ...... مےٚ وۄن گوڈے زِ اکھ کتھ ترٕنہٕ مےٚ فکرِ زِ أمی کمہِ مقصدٕ خأطرٕ کر یہِ قأبلِ مذمت کاروأیی...... توباہ یہِ کوٚتاہ ذٔلیل تہٕ کمینہ چھُ بیٚیہ اوس پانس رحم دل ونان!''۔

''بو ونہٕ أمی کیا زِ کر یہِ حماقتھ تہٕ اگر ضرورت پیٚیہ بوتہِ ونہٕ قسم ہأوِتھ پنٕنۍ کتھ''۔ رَاسکولنکافن وۄن چھیکرس ژھوپہ ٹکھ دِتھ پُر اعتماد آوازِ اندر تہٕ أتھی ستی پوٚک بزوٚنہہ کُن۔

''سُہ اوس پُر اعتماد تہٕ پُرسکون۔ پزبتھ أکس اوس صاف پأٹھی فکرِ تران زِ تمِس چھُ واقعی امیُک ژوٗک تام مولوم تہٕ امہِ پزیٚتہٕ ہندی کھوٚتی ین وُنی گاشراونہٕ۔

''مےٚ توٚ رووٕنی یہِ معاملہٕ بأنہٕ بأنہٕ فکرِ'' رَاسکولنکافن وۄن لیباز تنکوفس کُن مخأطب سپدِتھ۔ ''مےٚ تریوو گوڈے فکرِ زِ اتھ سأری ہیٚے کأرستأنی پتہٕ کنہِ آسہِ أہنٛز کأنٛہہ نتہٕ کأنٛہہ ذلالت۔ امیُک ژۄک آسہِ بدل۔ مےٚ کیٚاز زِ اوس یہِ شک تمِچ گوٚڈٕ چھےٚ فقط مےٚ پتاہ۔ بوٚ ونہٕ توہہِ سارنٕے یہِ سأرِے ذٕلیل توہہِ ترأہنٛز کمینگی فکرِ۔ چانہِ چشم دید گوأہی کنٕی دراو میٚانہِ کتھہِ کھر۔ بوٚ چھُس چون مشکوٗر تہٕ سارنٕے گذأرِش کران زِ توٚہی بوٗزِو بہٕ ہوشہِ گوش۔ یہِ شریف زادٕ (لُذہنس کُن اشارٕ ہأوِتھ وۄنُن) اوس تُہترِ یعنی رَاسکولنکافنہِ ہمشیرس ستی خاندر یژھان کرُن تہٕ کتھ تہِ أس گنٛڈِتھ۔ یہٕ ییٚلہِ شہر ینہٕ پتہٕ مےٚ یہِ گوڈنچہِ لٹہِ سمکھیو أمۍ گرٕ مےٚ ستی گوڈنکہِ ہیٚے ملاقاتس دوران زبردست لڑأے تہٕ مےٚ ژھُن یہِ پننہِ کمرٕ منٛزٕ کڈِتھ...... اتھ چھی مےٚ زٕ چشم دید گواہ...... یہِ چھُ تھوکن لایق نفر۔ یہِ اوس نہٕ مےٚ پےٚ زِ یہِ چھُ تتھی عمارژ اندر ژیےٚ ستی روزان۔ ییٚلہِ اسہِ گوڈنکی دوہہ لڑأے گر...... یوٚے تمی دوہہ وُچھس بوٚ أمۍ کیٹرینا ایوانونایہٕ کینٛہہ پوٗنسہٕ دِوان یم مےٚ تس مرحوم مارمیلا دوفنہِ دوستہٕ ہنٛدِ حیثی یتہٕ دِتی تہنٛدِ تجہیز تکفین خأطرٕ۔ أمۍ سوٗز یکدم میٚانہِ ماجہِ چِٹھی یتھ منٛز لیٚوکھنس زِ مےٚ دِتی سأری پوٗنسہٕ کٹیر ینا ایوانونایہٕ نہ کینٛہہ بلکہِ صوفیایہ۔ أمۍ ذٕلیلن چھُ سانین تعلقاتن ہنٛدِ حوالہِ...... بوٚ کیٚاہ ونے...... صوفیایہ ہنٛدِس کردارس دجہِ کجمٕژ۔ اشارٕ چھُنس دیُتمُت بہٕ چھُس صوفیایہ ہنٛدِ امی پست کردارٕ سببہٕ أمِس ستی یتھ ویوٗہار کران۔ خبر ژےٚ توٚ ریہِ فکرِ یہِ اوس أمِس مقصد بوٚ پننہِ ماجہِ تہٕ بینہِ نِشہِ ژٹُن۔ یہِ اوس تمن أنہٕ أندری فکرِ تاران زِ بوٚ چھُس تم پوٗنسہٕ افرانہِ تفرانہِ کران یم پوٗنسہٕ تمہٕ مےٚ سوزان چھےٚ تہٕ یوٚشامس وۄن مےٚ ماجہِ تہٕ بینہِ أہنٛز موجودگی منٛز نولہٕ زِ مےٚ دِتی پوٗنسہٕ کٹیر ینا ایوانونایہِ تجہیز وتکفینہٕ باپتھ نہ زِ صوفیایہ تہٕ مےٚ چھُنہٕ کأنٛہہ تعلق صوفیلیہِ ستی نہ چھُسن زانان نہ چھم زأنٛہہ وُچھمٕژ۔ امی وِزِ وۄن مےٚ تمن محترم پیٹر پیٹر ووچ چھُنہٕ واریا ہوخ بیو باوجود صوفیایہِ ہنٛز کسہِ برابرتہِ حتیٰ کہِ أمۍ وۄن أمِس خلاف سبٹھاہ

ناکارٕ تہٕ ردبدتہِ۔ أہنٛدِس یتھ سوالس در جواب زِ بوٚ ہیٚکنا صوفیا پننہِ بینہِ لرِ بہنأ وِتھ وۄنس مے ''اتھ منٛز کیا حرج چھُ۔ أمِس کھٔرٕ تٕر مگر أہنٛدِس اُکساونس پیٹھ تہٕ کرنہٕ میانہِ ماجہِ تہٕ بینہِ مےٚ ستی لرٕأے۔ أمی کوٚر تِمن ستی تیُتھ وبوہارتہٕ تیُتھ ناشأیستہٕ سلوک زِ یہ دراو پننوٕ حدوٚ نبر مےٚ زون یہ کھوٚت ربہِ زنگوتالمٕ پیٹھ تہٕ مےٚ ژھُمن کمٕ منٛزے کڈِتھ۔ یہِ چھے محض یوٚشاچ کتھ۔ بوٚ پھُس توٚہہِ گُذأرِش کران زِ توٚہی سٔنٛوٕ ہنا دیان دِتھ۔ ہرگاہ یہِ شخص ثابت کرنس منٛز کامیاب گیوٚ ز ِصوفیا اُس ژوٗراد کیاہ أمِس آیوٚ وچھِس دن اتھہِ۔

یہ ونہِ ہے میانہِ ماجہِ تہٕ بینہِ وُچھوسا اوٚ ہنٛد شک اوس ناپوٗز لہٰذا اوس یہ صوفیا میانہِ ڈٔسی پننہِ بینہِ لرِ لوٗر بہنا ونچ کتھ مانس پیٹھ ناراض گژھنس منٛز حق بجأنب۔ تہٕ ونہِ ہے تِمن مےٚ پیٹھ حملہٕ کرنک اوس أمِس میانہِ بینہِ تہٕ ماجہِ ہُنٛد عزت بچاونٕک مقصد تہٕ مےٚ اوس ناکارٕ حرکژٕ نشہ دوٗر تھاوُن یژھان۔ امہِ چالہِ ستی کرِ ہے یہ ذٔلیل اسہِ ماجہِ پوٚتھرنِ ترٕے چھلہٕ تہٕ ژٹہِ ہے مےٚ پننِن گرٕ بأژن نشہِ۔ یہِ زینہِ ہے تِمن ہنٛز ہمدردی تہٕ پنُن منصوبہ لنہِ ہے باعمل۔ تِمن تھاوِہے دوٚہے لتن تل۔ تہٕ مےٚ تھاوِ ہے نہٕ تِمن ستی أچھی میُل کرنس لایق تہِ۔ تِمن چھُ دِلس ہیُتھ زِ مےٚ چھُ صوفیا یہِ ہُنٛد عزت تہٕ أہنٛز خوشی پننہِ زُو کھوتہٕ ٹأٹھ۔ أمِس آیوٚ ناا کی تیرٕ پیٹھ شکار کرنس موقعہ۔ یوٚہے اوس أمِس مقصد یہِ مےٚ فکرٕ توٗر۔ امہِ ذٔلیل کاروأیی ہُنٛد چھُنہٕ بیٚیہِ کانٛہہ مقصد بظأہر بوزنہٕ یوان!''۔

یتھے پأٹھی یاوٕ نوکم کاسہ یتھے گٔنی کوٚر رٔ اسکولن کافن پنُن تقریر ختم یُس اتھ موجود لۆکو غورٕ سان بوٗزتہٕ اکثر أسی اتھ داد دِوان کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ رائے دوان نتہٕ کینٛہہ ییمہٕ کنٛی کتھ ژھدبان اُس مگر امہِ ستی پیٚو ونہٕ تِہنٛدِس بےٚ پھروٗک تہٕ صاف تہٕ شستہٕ تقریرِس اندر کانٛہہ خلل۔ سہٕ اوس کھورٕ ژھیکرأ وِتھ کتھ کران۔ تِہنٛز امہِ اعتمادٕ تہٕ فأصلہٕ کُن وزن دار لہجہِ کتھ کرنہٕ ستی گوٚ ویژ بتھ کانٛہہ مُتأثر۔

''بالکل ...... بالکل...... یہے چھےٚ کتھ'' لیبازتنکوفن وۄنُس بُتھِس پیٹھ خوشی

یٔہندی آثاروٚ تلتھ ''یقیناً ہیکہِ یہے کتھ اُستھ کیاز ژتھے صوفیاسائنس کمرس منز اَیہِ اَمی پرٛژھ اَمِس لوٚت پاٹھی دارگن ہتھ ژ چھکھا یور آمُت کنہٕ نہٕ۔ کٹیر ینا ایوانو ناپہِ چھیا سالس پرٛژھمُت کنہٕ نہٕ۔ گوناڑ گوٚ ژھکھ ییتہِ آسن تہٕ اوے اوس یہِ پرٛژھان''۔

''او...... وونے آم سمجھ...... اَوے اوس یہِ ذلیل چون پرٛژھان''۔ صوفیایہِ وۄن زنتہٕ بےٚ ہوشی اندر۔

لُذہنن گُمنٲوی نقہتہٕ سان وُٹھ پوٚز زیوٚستی وۄنُن نہٕ اکھ لفظ تہِ۔ تِمس اُسن بُتھِس لیٚد رِکھار دِژمژ بُرِتھ تہٕ باسان اوس سُہ چھُ ژلنچ کانٛہہ سبیل سونچان۔ سُہ ما تژ اوِہے بخوشی اتہِ نیرنس پیٹھ پنُن سورُے دعویٰ اُتی تہٕ تھِتھ تُلونی تہِ مادیہکھ تہٕ سلامتی سان رٹہِ ہے پنٕز وَتھ مگروٚنی کیٚس اوسُس حالات مدِنظر تھاوِتھ تہٕ سبٹھے ناممکن۔ امہِ ستی گوٚ ھے ثابت زِ سُہ چھُ تیلہِ تس خلاف لگاونہٕ آمتی الزام قبول کران ییٚیہِ تہِ اُسی محفلہِ منز موجود سأری نفرنشس اندر تم کتہِ دِیہنس ژلنہٕ۔ راسدات محکمک کلرک اوس زیادے رزن کھوٚتمُت سُہ اوس اَکِس ہیٚنہ سٕندِ کھوتہٕ زیادٕ زورٕ زورٕ کرٛکہِ دِوان حالانکہ پرٛ چھُ یہِ زِ کتھہِ ہُند ژوٚک اوس نہٕ تس فکری توٚ رمُت تہٕ اوس لُذہنس ناش فاش پران۔ یِم اتبتھ باقی کمرو منزٕ نیرتھ تماشہِ وُچھنہٕ آمتی اَسی تم مأسی شراب چیتھ تم تہِ کتہِ دیہنس کانٛہہ چتر اَزی کرنہٕ۔ ترٛےٚ پوگلستأنی اَسی زیادے کھہرنہٕ کٕھستھ'' یہِ چھُ شیطان وٕنتھ'' اکھ اکھ چسپتیان ونان تہٕ پوگلستأنی زبأنی منز دمکیہِ دِوان۔ سونیا اَس سخ ذہنی دباوس منز ییٚمہِ کِنی سارے کتھہٕ بوزنہٕ باوجود تہِ سو معاملہ سمجنہٕ تلہٕ یپاری باسان اَس۔ باسان اوس سو زنتہٕ ووٚنی ووٚنی حبسہٕ پھیر۔ سوٲ اَس نہٕ رٹھو ارتہِ کران تہٕ مُدے گنٛڈتھ اَس رَاسکولنکافس تھلہِ تھلہِ وُچھان ییٚمہِ احساسہٕ زِ دُنیاہس منز چھُ تس سے اوت وأحد سہارٕ۔ کیٹرینا ایوانو وناَس زورٕ زورٕ شاہ کھالان والان۔ وچھس اَسس دَگ تہٕ دہشتہٕ ستی اَس ہرٕتھ پیأموٚ باسان۔ ایملیا ایوانو ناَس زیادے خجل زٕدی کِنی

روٗبہٕ ڈِگاہ مژٕ تہٕ اُس اوٗسُس گَجی ہیوٚ ییلہٕ تس اوس نہٕ فکری تران زِ حالاتن کتھہٕ کوٗتلُک پٔتھ بس توٚ رُس یتےٚ فکرِ زِ پیٚٹر پیٚٹرووِچس پیوٚ وسخ صدمہٕ تہٕ چھُ پچھتاوان۔

رَاسکولنکاف اوس بیٚہِتھ تہِ کیٚاہتام ورٕنٛج کوٗشش کران مگر سُہ کیٚتھ۔ تتہٕ اوس عالمِ آب ووٗتھمُت۔ پرٕ بتھ کانٛہہ اوس لُذ ہنس گیرٕ کرِتھ تس دمکاوان تہٕ ناس تراس ونان تہٕ لبکہٕ کڈان۔ پوٚز پیٚٹر پیٚٹرووچ کھوٗژنہٕ۔ تس ییلہِ باسیوو زِ سونیایہِ دِنہٕ آمژ تہٕنٛدی اِلزام چلےٚ نہٕ بالکلےٚ تمُی ہیٚوٚ پدرم سلطان بوٗ دوٗنتھ دبار دِنہٕ۔

”تژٕ اُوِ وساوتھ۔ ہے یارا جمگوٗٹھ مساکرو۔ روزٕ اَکس کُن۔ تژٕ اُوِ جاے ہنا“۔ ژبلہٕ ژبلہٕ مژٕ نیرنہٕ باپتھ وتھ کڈان کڈان اوس سُہ ونان ”مےٚ نہٕ دمکیہِ آ...... حبس تھاُوِو...... اتہِ نیرنہِ  توٚہہِ کانٛہہ مفاد بلکہ تُلو خسارے۔ توٚہہِ چھُ جواب دیُن توٚہۍ وُچھو۔ انصافس چھوٚ کھش کران۔ توٚہۍ چھوٚژ وُرٕنٛیٚ گوٚژھتھ تہٕ ژوٗرس پکھ رچھان۔ مےٚ تگہِ ناقونونی کاروٲیی کرٕنۍ۔ توٚہۍ بروٚ بوٗنجن۔ سٲنۍ جج چھِنہٕ اَنۍ یہنٛدی پاُٹھۍ...... نہٕ چھی شراب چیتھ آسان...... تم کرنا دون ڈٔہری بدماشن تہٕ شرپسندن ہنٛزٕ گوٗاہی پٔتھ یمن مےٚ ستی ذاتی عناد چھُ اُچھی کون تہٕ ہیکہِ فقط کانٛہہ توٚہہِ ہیوٚ بیوقوفےٚ کرِتھ...... مےٚ تھوٚوِ وٗنتھ...... تژٕ اُوِ جاے بوٚ نیرٕ!“

”مگر میٲنس کمرس مژٕ گژھہِ نہٕ چاٲنۍ ژھاے تہٕ نظر گوٚژھنۍ! خبردار چھےٚ تیےٚ دم نیر۔ اَزی کہِ پتہٕ چھُنہٕ ژےٚ تہٕ مےٚ درمیان کانٛہہ تہِ تعلق وونۍ...... توبا...... مےٚ چھُ یاد پیوان پتیٚ مِس پچھس کوتاہ تکلیف تُل مےٚ اَہنٛدِ ڈٔسی...... مےٚ چھُ پتاہ یہِ چھُ انسان بوٚ اوسہٕ سن یہِ...... سماجی برابری تہٕ اکھ اَکس قدٕر کرنٕکی اصول سمجاوان...... وُچھی کُس ...... دفاہ گوٚژھ“۔

”ہے زبانٲنۍ کرسلوک...... مےٚ ہےَ ژےٚ صحٲے ونیوٚمےَ مےٚ چھُ ازیٖرٕن تہٕ لم لم کرِتھ روٗٹھس...... مےٚ توٚر فکرِ موخصرس مژٕ ژٕ چھُکھ بیوقوف۔ ژےٚ چھےٚ دِماغ

ڈۆلٕمُت تہٕ میون مشوٗرٕ مان ژٕ گژھ کأنٛسہِ اصل پٕھن ڈاکٹرس پیٛہ کرناوِنی اُچھن ٹیسٹ۔ ہے تژ اُو ویارٕ مے جاے!"

"یتھ تتھ کڈٕ کڈ جاے تہٕ ہیوٗ تُن نیرٕن ...... مگر رسدات کلرک کتہٕ تژ اوٕہس یٔت سہل پأٹھی ۔ تمہِ تُل میزِ پیٹھ گلاسہ تہٕ ہوٕہس منز نژنأوتھ لگوٗن پیپر پیٹرو وچس ۔ مگر گلاسہ آو تہنٛدِ بدلہ ایملیا ایوانو نایہ ۔ تس ژجہِ کرٕ بکہٕ نیرتھ تہٕ کلرکس تہٕ ڈۆل کھور۔ سُہ اوس گو بیومُت تہٕ یأرٕ رہیوٗ آو میزس تل لاینہٕ ۔ پیپر دراو اُتھی منز نبر تہٕ ووت پنٛنس کمرس منز ۔ اوٗ ڈگأنٹہٕ گژھتھ دراو مکانہٕ تژ اُوی تھے ۔

"سونیا یہ یوسہ فطرتاً بزدل تہٕ کم گو اُس، اوس اوترے احساس گومُت زِ دُنیا ہس منز آسہِ نہٕ شاید بیٛہ کانٛہہ تس ہیوٗ لیس کأنٛسہِ ہنٛدی ڈسی آسأنی سان ذلالت کرنہٕ ہیکہِ یتھ تہٕ کانٛہہ تہٕ وٹہٕ کھوٗرٕ ہیکیبس دِنہٕ یتھ ۔ اما خیال اُس کران زِیوٗ تام سوا وبر گوبر، حلیمی تہٕ احتیاطکی جامہٕ پرتھ روزِ تو تام اژبس نہٕ کھورس کونٹ۔ پوٗ ز اُزی کہِ امہِ واقعہٕ ستی گیہ بد دِل تہٕ سخ ناومیدِ ۔ تس اُس برداشت کرنچ پیٛڑاہ توژھ بڈٕ پمۍ زِصرٕ سان چون زیوِ اُف کڈنہٕ ورأے یہ اُزیٛک زہر گوٗل تہٕ ۔ گوڈٕ گوڈٕ باسیوس سخ کرٕ پچھر ...... تہنٛزِ سرو خروی تہٕ صفأیی باوجود ...... یتھے سو دہشت تہٕ وأنٛجہ ہنٛدِ دمہٕ نشہٕ یُس تس ابتدا ہس منزٕ ے پیوٗ ویلہ گیہ تس گو وپنہٕ تنہأیی ہُنٛد شدید احساس تہٕ امہِ بد سلوکی تہٕ بے عزتی زنتہٕ تو ئنہ تو ئنہ کوٗرس۔ مویوسی تہٕ گٔژس منز باسیوس پان پرژھیوٗن سارنے وو میزن یمہٕ اوٗ تام رٔچھتھ آسن تھاوِمٕژ لوٗگس ٹکھ تہٕ دِلہٕ ڈبراے بڈٕ پیس تہٕ باکہٕ ژھٹتھ لج ژالہِ اوٗش ہارنہٕ ۔ موخصر ہیچ نہٕ سو مزید تاب گرتھ تہٕ ژھٕنن گٔنی ووٹھ کمرٕ نبر تہٕ گیہ پنٛنس ڈیرس پیٹھ یہ مأنی تولٕ ذہنہٕ اتہٕ نیرنہٕ پتے اُسن کھنٛگالن درمیان یلہ گلاسہ وُڈان وُڈان ایملیا ایوانو نایہ آو تس زنتہٕ جن ژاو پرٕ بکہٕ ۔ گٔنی کرٕ بکھ دِوان دورے یہ سوکٹیر ینا ایوانو نایہ کٔن تہٕ گیس امہِ ساری وولہرشہِ ہُنٛد گوڈٕ زأنتھ رانٹس

ہِش اگادِ۔

ژِ نیرِی وُنی تیٚمی دم ییتہِ۔ کمرٕ کراکھ زٕ تہٕ ترےٚ کران خالی۔ دی قدم جلدی!"
یم الفاظ زیوِ کڈانِے یُس چیز اہ اتھہِ لوٚگُس سُہ ٹلن دوٚیو اتھو تھوٚ دتہٕ دیٚتن ٹاس گرِی گرِی پتھر دأرِتھ۔ کیٹرینا ایوانو ونا اُس زٕنتہٕ نیم ہوشی ہِنٛدِس حالتس منٛز چارپایہ پیٹھ بمشکل شاہ کھألتھ وألتھ ہبکان مأنی تو دمن بستہٕ ہش اُس لیڈریمٕژ تہٕ ہمتھ گٔرِتھ وٕژھ تھٔکی متو کوٹھوٚتس بازرٹنہٕ باپتھ تہٕ ہیٚرٕن دپود پھ کرٕنی پوٚز مقابلہٕ ہیچ نہٕ گٔرِتھ ایملیا ایوانونا یہ دِژ سو کو کرتیر ہش اُ کس گن دأرِتھ۔

"ہے زٕنتہٕ ہمی خدا نا ترسن کانٛہہ کسر باقی تھاوٕ مٕژ اُسم زِ...... یہ رانٹس نے حملہٕ کربم۔ کُنہِ کانٛہہ چھُونو...... ہیوٚ وُنہِ چھُم خاندارٕ سنٛز قبر یلے زِمےٚ چھی گرٕ منٛزٕ کڈِتھ ژھنان...... ہا میانہِ حقو۔ میانی گرِ کھبتھ چیتھ ہوٚ چھم یہِ وگوژ ٹان حقو۔ ژےٚ ستی گوٚوا انصاف تہٕ دفن میانہِ حقو...... یم یتیم ہیتھ کوٚ توٚ گژھے حقو...... ہتو میانہ گرِ ہے کھبتھ چیتھ پھٔٹِ وِ میأنی کتھ گرِی تولوٚ کو۔ یو کوٚ توٚ گژھہِ کونو کانٛہہ سونچان "میانہِ خدایو" سو اُس وَچھ دَگان تہٕ اورٕ یور کران اُتھی منٛز دِژن کرٕ بکھ "میانہِ خدایو" اُ چھومنٛز آسس نارٕ بزٕہہ نیران "میانہِ خدایو" چانہِ یتھ بتر اُژ پیٹھ موکلیوا انصافِے۔ میانہِ خدایو۔ یِیلہٕ نہٕ ژٕ میانٛین یمن یتیمن وُنی کبس حفاظت کرکھ۔ تیلہِ گُس کربکھ؟ مےٚ دِتہٕ مدد میانہ خدایو۔ یُتھ اسہِ بوزُن تگہِ بترِ اُژ پیٹھ چھُ قونون تہٕ انصاف بدستور موجود...... آ...... بالکل چھُ موجود۔ بالکل چھُ تہٕ بوژ ھاریہِ ضرور۔ ٹھہری ژٕ ہتے موردأری! برٕ نزِس منٛز ہے تارے فکرِ! پولینکا۔ میأنی گوٚ بری ژٕ روزی یمن شُر بن نشہِ۔ یوٚ یے باز پھیرٕ تھ...... مےٚ پیأری زِ...... اگرے سٹر کہِ پیٹھ تہِ پیارن پےٚ یی ژٕ ڈلی زِنہٕ۔ اُمس تارٕ ناوٕ یو فکرِ اسہِ تہٕ ترٕ فکرِ وُنہِ چھُ بترِ اُژ پیٹھ کنہِ جایہِ انصاف موجود"۔

کلس پیٹھ سُہ ووٚزُل شال تھاوِتھ یٹمیگ ذکر مار میلادوفن بزٕ وٕنٛہہ رأ اسکولنکا فس

نِشہِ کوٚرمُت اوس درایہِ کیٹرینا ایوانووناکمرس منٛز آمتین تمام کرایہِ درن ہٕنٛدِ جمگٹھہٕ منٛزی یِموٕ منٛزٕ زاسترشرأبی أسی پان چیرِتھ نکھ موٕری موٕری وتھ کڈِتھ تہٕ بمشکل دروازس پیٹھ وأتِتھ درایہِ نبر سڑکہِ پیٹھ۔سوٕ أس لبلہٕ کران تہٕ ژالہِ ژالہِ اوٗش ہاران......درایہِ کوٚت تام غاروٲضح ارادٕ کٔرِتھ انصاف ژھارنہ۔پولینکا أس پھرٕ بکہٕ ہُشٕ ژٕ رہش زٕبن ہُنٛد حالہٕ بنأوِتھ زٕ شُری سینٛس ستی رٔٹِتھ پھرٕ ستٕ گمژٕ صندوقس پیٹھ بہتھ الہٕ پوشکی پأٹھی لرزان۔تہٕ ماجہِ پژاران۔ایملیا ایوانونایہِ کوٚر کمرس منٛز طوفان بدتمیز پأدٕ۔سوٕ أس کرٕ بکہٕ دِوان۔واویلا کران۔پننِس تقدیرس راہ کھالان تہٕ کیٹرینا ایوانونایہٕ ہُنٛدیُس بُتھہِ پیہس تہٕ سٕہ چیز أس پتھر دِوان بٕرِتھ۔تماشہِ بین تہِ أسی پنٕنی پنٕنی دٔلیل گران۔کیٛنہہ أسی ٹأنہٕ ژٹان۔أڈی أسی پننہِ قأبلیتہٕ مطأبق تبصرٕ کران۔أڈی أسی پانہٕ وأنٛی ژُوان تہٕ لبکہٕ لبک کران۔ییلہِ زن کینٛژ وَھ ٹُلِتھ بأتا شروع کوٚر۔

''مےٚ پزِ وونی نیرُن'' رَاسکولِنکافن سوٚنٛچ ''ٹھیک چھُ......صوفیا......وونی وچھو ژٕ کیٛا ونکھ!''

تہٕ أتھی ستی گوٚو سہ صوفیایہِ ہٕنٛدِس ڈیرس کُن روانہٕ۔



(۴)

لُذہنٛز مُخالفت کرنس اندر اوس رٛاسکولنٛکافی جوشہٕ ہوٚت تہٕ سرگرم پأٹھی دونیایہ مقابلہ لگتھ حالانکہ تس اوس پننس دِلس پٮ۪ٹھ تہٕ گوٚب بار۔خوف ودہشت کٔنز اوس پھرٛٮ۪ڑ گوٚمُت۔ازصبحأے کوسہٕ ونن أس تس گأمٕژ سو نظرِ تل تھأوِتھ باسیووتس ذأیقہ بدلنہٕ باپتھ یہِ نوٚو واقعہ ٹھیکے۔تس گیہِ راحت ہش۔یہِ أس وکھر کتھ زِ سہٕ اوس دِلہٕ تسٕند دفاع کرُن یژھان۔مٔنزی اوس سہٕ پریشان گژھان ییٚتھُے تس یاد پیوان اوس زِ شامنس چھُ تس سونیا سمکھُن تہٕ وُنن چھُس لِنز واتاگٔی کرِقتل۔تس اوس احساس زِ وأنجہِ پٮ۪ٹھ کٔنز تھأوِتھ تہٕ ہیکہٕ نہٕ سہٕ امیُک ننہٕ وانہٕ اظہار کٔرتھ لہٰذا تژ ووٚن کٹیر ینا ایوانونایہٕ ہنٛدِ ڈیرٕ پٮ۪ٹھہٕ ہیرِ تھ اورٕ گن پکان پکان امیُک ارادے۔تہٕ دِلہٕ مٔنزی ووٚنُن "سونیاوٚ چھوونٕ کیاہ ونکھ ژٕ" تمہِ وِزِ اوس سہٕ لُذہنس پٮ۪ٹھ فتح پرٛاونہٕ کِس نشس منٛز مست۔دِل اوُسس وِسان۔اما سونیایہ ہنٛدِس ڈیرس پٮ۪ٹھ وأتِتھے ووٚتھ تس امہِ کامیأبی ہُنٛد سورُے نشہٕ تہٕ باسیوس کترو بٔلبٹی تہٕ امہِ بدلہٕ آویہٕ خوف دٔہشتس اندر ہنہٕ۔دروازس پٮ۪ٹھ وأتِتھ زٔنتہٕ ییمہٕ خیالہٕ روٚٹہٕ گوزِ مےٚ پزِ یا سونیایہِ وُنن لِنز واتاگرمےٚ قتل"۔یہ اوس عجیب سوال۔ییٚتھ ٕستی شدید احساس گوس زِ تس وننہٕ ورأے ییہِ نہٕ تس قرار تہٕ کینہہ تس روزِنہٕ یہ کتھ۔تس اوس نہٕ بوزُن تگان زِ امیُک ضرورت کیا زِ چھُ تس باسان۔تس اوس باسان زِ تس پزٕ أمِس وُنن دراصل اوس تس ییٚتھ احساسس بڑٕ وٚنہہ کنہِ پان بےٚ بس باسان زِ یہ کینہہ سپدٕن چھُ تہٕ سپد ضرور۔کتھ أس یہ زِ ذہنی پریشأنی تہٕ روٚچہٕ بے قرأری کٔنز تنگ تھاوس سُ گٔرِ تہٕ ژنگہ اسِ نشہِ دٔل دِنُن یژھان ییٚتھ بوس

ژھانٛڈھناوِتھ بارلوتھس۔ پتہٕ بےچینی تہٕ اذیتک خاتمہ کرنہٕ کہ لمبہِ حتمی یرادٕ ستی مودرود تمہِ باتھرِ ہتی کنڈھیک درواز تہٕ دروازٕ پتھے تژٕاون سونیایہٕ ہنزِس بتھس نظر۔ سو اُس کھونہٕ وٕٹھ زمیزس پیٹھ تھاوِتھ اتھن دون منز کلہٕ رٹتھ کرسیہ پیٹھ بہتھ مگر تتھے رَاسکولنکاف وُچھن سو گیہٕ یکدم اِستادٕ گیہ پورے اُمِس نشہِ ژٕنتہٕ اُمی ہے پژاران اُس تہٕ کمرس منز اژنہٕ باپتھ وٕنس۔

''خبر کیاہ آسہٕ ہےمے گذر یومُت ژٕ نے آسہٕ ہکھ تہٕ'' تمہِ وٕنس وُچھان وُچھان تقریباً سے منز کمرس وأتتھ۔

بوزُن اوس تگان سو اُس یم الفاظ زٕبو کڈنہٕ باپتھ سخ بےتاب۔ تہٕ اوے اُسس پژاران۔ رَاسکولنکاف گو میزس نشہِ تہٕ بیٹھ تھی کُرسیہ پیٹھ۔ یمہِ پتہٕ سونیا وِنی تھوٗد وُژھمژ اُس۔ سورٕ زا اُمِس کُن بُتھ کرِتھ قدم جوراہ دوٗرے وودنہٕ۔ برابر پوکی پأٹھی۔

''خأر سونیا؟'' تمہِ ہیوٗ کتھ کرٕنی مگر باسیوس آوازِ اندر چھبس تھرتھرٕ۔'' یہٕ سوُرے سپد چانہِ سماجی حیثیژ تہٕ اتھ ستی وابستہٕ عادتو کنی۔ ژٕ نے تو ریہ تہٕ فکر کنہ......؟''

تہندِس بتھس پیٹھ گے رنجیدگی ہندی آثار تنی۔

''از گری زِنہٕ مے ستی پوکی پأٹھی ورہجہِ کتھ'' سونیایہٕ وٕنس مداخلت کرِتھ'' یو چھسے گلی گنڈان از گری زِبم نہٕ کتھو ستی گذی۔ از چھُمے تمہِ ورأیی سپنس زٕدی پریشن گومُت''۔

تمہِ گمنأوی فورأو تھ یمہِ خدشہِ زِ سُہ گو ژھنہٕ ناراض گرٕژھن مداخلتس پیٹھ۔'' مے گر بےوقوفی تہٕ آیس۔ تھہِ کنی ژٕلتھ...... خبروٗنی کیس کیا آسہٕ تہٕ حالت؟...... مے دپیوو بونیر پوٗت کھوری واپس...... مگر مے سوٗنچ زِ...... ژٕ یکھ پور ضرور''۔

تمہِ وٕنن تس ایملیا ایوانوناُس تمن گرِ منزٕ کڈِتھ ژھنان تہٕ کیٹرینا ایوانو ونا گیہ دوان دوان کوٗت تام'' انصاف ژھارنہٕ''۔

''توبا...... میانہِ خدایہ'' سونیایہٕ ژٕدکرٕ بکھ نیرتھ'' وولہٕ بیہ گوٗھو تو رٕی...... پکھ

جل......" أتھی سیتی تجن ٹوپی اتھس کیتھ۔

"ییٚہ تی...... ژٕ بدلکھ نہٕ" رَاسکولِنکافن ووٚنُس دژٕ ہہ کھسِتھ "تمو ورأے چھے نہٕ ذہنس منز ییٚہ کانہہ خیالاہ...... مےٚ نِشہٕ تہٕ بہہ پھیراہ"۔

"مگر...... کیٹرینا ایوانو ونا"

"کیٹرینا ایوانو ونا راوی نہٕ ژٕ ے۔ کرصبر رژھہٕ کھنچہٕ۔ سو واتہٕ پانے ژٕ یےٚ نِشہٕ۔ سو چھنا گرِ دراہمژ فی الحال" رَاسکولِنکافن ووٚنُس تژٕ رسان "ہر گاہ سو یور وأتتھ ژٕ ے وُچھی نہٕ، یتہٕ پتہٕ تھاونے ہانژ ھ لأ رگتھ ژٕ......"۔

سونیا ہیٹھ پتھر ہُپ دُپ گرِتھ۔ رَاسکولِنکاف اوس فرشس پیٹھ نظرٕ تھأوِتھ کیاہ ہتام سونچان۔

"ازتژٕ أو کھلُذ ہنن تہٕ مقدمہٕ کوٚرنے نہٕ" تمیٚ کوٚر سونیایہ کُن نظر دِنہٕ روٚستے کلامہٕ شروع "مگر یہ تمیٚ سوٚنچمت اوس۔ اگر ے تس منصوبہٕ کامیاب گوٚ یو تمیٚ آسہکھ ژٕ قأد برنأومژ یینے لیبازتنکوف تہٕ بوتہٕ آسہٕ ہو...... ہنہ؟

"آ" تمہِ کوٚر زنتہٕ نیم ہوشی اندر یقرار "بالکل" تمہِ کوٚر دُبارٕ امیُک تصدیق "زنتہٕ بدل کیاہ ہتام سونچان أس یمہِ کِنہ انتہائی رنجیدٕ أس۔

"یو اوسُس نہٕ تو ریٚن یژھان توتہِ آس یو۔ لیبازتنکوف تہِ ووت اور"۔ سونیایہِ ووٚن نہٕ کہنی۔

"اگر ے ژٕ جیل گژ آسہٕ ہکھ تیلہِ؟ یاد چھیہٕ یو کیاہ ونیو مے؟"

تمہِ دیُت نہٕ کانہہ جواب۔ سُہ پژ اریوو۔

"مےٚ اوس خیال ژٕ دکھ ییٚہ کژ بکھ، اچ موکر کتھے، ژٕ ہنس بلائے" رَاسکولِنکافن تژووان کھنگالہٕ۔ مگر دل مُژ رتھ نہ بلکہ پانس پیٹھ زور تہٕ جبر گرِتھ۔ "ژٕ ے کیاہ گیی ییٚہ ژھوپہٕ؟ منٹ کھنڈٕ گژھتھ پژھنس تمیٚ "اَسِ چھےٚ اُکس اہم تہٕ دلچسپ معالس

پٹھ کتھ کرٕنی ۔ژھوپہٕ ستی مانٛدِ ۔کنہٕ ژٕے چھے نہٕ پتاہ ۔مےٚ چھےٚ یہ زانٛہ کل زِ ژٕ کتھہٕ پاٹھی اٙنزراوَکھ اکھ یتھ لیباز تنکوف ''زبردست مسلہٕ'' وِنان چھُ (تٔمِس اوس نہٕ کتھہِ ہُنٛد پن تُلنٕے تگان) سونیا......بوچھسے حقیقت ونان ۔جتہٕ چھسے نہٕ کران سۆنچتھ بٕجتھ چھُسے ونان ۔ژٕ کر خیال سونیا اگرے ژٕے گوڈے لُذہن ہنٛد بن ارادن ہُنٛد پتاہ لگہٕ ہی ۔ژٕے گژھی مولوم زِ توٚہند منشاء چھُ کیٹرینا ایوانووناتہٕ تٔہندی شُری بُرباد کرٕنی تہٕ خود بذات ژٕ تہٕ......خاٗر......پٔنٕن پان چھکھ نہٕ ژٕ کُنہٕ شُمارس مانان......تہٕ بچاٗر پولینکاتہٕ......گژھہے چاٗنی وتھ اختیار کرنس پٹھ مجبور......اچھا اگرے اچانک پاٹھی یَیمہٕ کتھہِ ہُنٛد دارومدار چاٗنی ہے فأصلس پٹھ ترٚاونہٕ ییہِ ہے زِ دۄیو دریومٕژ کس تھاوُن زنٛدٕ سہٕ اکھ کنہٕ ہُم ساٗری مطلب لُذہن پزیا زندے تھاوُن ۔یتھ سہٕ کمینی کران روزِ تہٕ کیٹرینا ایوانووناگژھہِ ختم کرنہٕ ینٕ ۔مطلب چانہِ حسابہٕ کُس گوٚژھ دۄیومٕژ مرُن ۔فأصلہٕ کیا کرٕہکھ؟ ہے بوچھسے ژٕے کیا ہتام پرٕژھان؟''

سونیایہِ ترٚاوٕ وبسرِ تھ تس کُن نظر ۔اتھ سوالس اوس خاص مطلب یَیمہِ بٕنٛژ تس رُکاوٹ آیہِ ڈٟلی کانٛہہ جواب دِنس انٛدر۔

''مےٚ اُس خبر۔ژٕ کرکھ یتھے کانٛہہ زٕرکہِ دنہٕ وول سوال''تس ووٚنٕت وُچھان وٕژھ سو۔''اچھا بو تہٕ مانہٕ تی ۔ژٕے اوسے گوڈے امیک انٛدازٕ مگر جواب تہٕ وَنٕ''۔

''یتھ شہرس نہٕ گژھُن آسہِ تُچ خبر پرٕژھنک مطلب کیا چھُ!''''ینہٕ سِپدِ تھے ہیکہِ تتھ مُتلق پرٕژھنہٕ ستی کیاہ ہیٚر''۔تمہِ ووٚنُس بادِلہِ ناخواستہٕ ۔''گوناتیلہِ پزِ لذہنس زندٕ روزنہٕ دیُٛن یتھ زِ اترٚاٗنی ین پٹھ اترٚاٗنی کران روز۔ژٕ ہیکِکھنا یتھ فأصلہٕ تہٕ کٔرِتھ۔ژٕ کاٗژاہ بزدل چھکھ''۔

''مگر خداٗیی فأصلن ہُنٛد علم کتہِ ہیکِم لگِتھ......ژٕ کیازِ چھکھ مےٚ تہٕ پرٕژھان یتھنہٕ بو جواب دِتھ ہیکہٕ ۔یم فضول سوالے کیازِ چھی کرٕنی......یہ کتہِ بنہٕ زِ میاٗنِس

فائصلس پیٹھ دِن کائنسہِ زِند روزنہٕ تہٕ کائنسہِ کرن کھش ...... بوکھٕ بناوِس جج تہٕ فائصلہٕ کرِ کُس روزِ زِندٕ تہٕ کس پزنہٕ روزُن؟''

''اوٗ ہو...... اتھ منز کیازِ آو خدأیی طاقت رلاونٕک سوال۔ اتھ چھُنہٕ کانٛہہ واٹھ تتھٕ ستی۔ تیٚلہِ کتہِ نیری ژٕ جواب'' رَاسکولِنکافن وۄنُس گروکھ نبنگلا وان۔

بہتر روزِ ژٕ وَن سیوٚ دُے...... ژٕ کیا چھُے وَنُن۔ سونیایہِ وۄنُس پریشأنی منز۔ ژٕ اوسُکھ مےٚ بدل کیاہتام وَنُن یژھان...... کنہٕ ژٕ چھُکھ یور فقط مےٚ وُبوٚ دُرتلنہ یِوان؟''

دوٗرٕ گرٕ گرٕ سُورے یہِ تس سأرے توژھ تہٕ ژٕ جس ودن کرٕ بکہٕ نیرتھ۔ سُہ روٗ دتس غمگین گژھتھ تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ پانٛژھ منٹ گے۔

''پزٕرچھُ...... سونیا ژٕ چھکھ ٹھیک وَنان'' چھیکرس وۄنُس تمۍ سبٹھے نرمی سان۔ ہنگہٕ منگہٕ گیہِ تس اندر کُلہم پأٹھی تبدیلی پأدٕ۔ لہجس تلخی تہٕ کُنہِ قسمہٕ چہِ مُقابلہٕ آرأیی اندرٕ پٔنٕنہ بےٚ بسی یوسہٕ نال وٕلتھ أسس گیہِ یکدم غأب۔ آواز تام أسس سوتیمژٕ۔ ''راتھ ونیوے نابو یمے نہٕ معأفی منگنہِ مگر از یوان یوانٕے مانتہٕ لوٚ گسے بوژٕے معأفی منگنہِ۔ لُذٕ ہن تہٕ خدأیی منشأہچ کتھ تجے یہ محض مےٚ پٔننی غرضہٕ دراصل اوسہٕ سے بوژٕے معأفی منگان۔ سونیا!'' تمۍ ہیوٚ أسے وُٹھ گمناوِنی مگر ہیوٚ کنہٕ۔ تس أس کیاہتام بےبسی تہٕ پرگی یوسہٕ وُٹھن پیٹھ پھولونیار بدلہٕ ذردی برتھ گیس۔ تمۍ تژٕ ووکلہٕ بون کُن تہٕ تھوٗون دوٗن اتھن منز پٔنُن بُتھ کھٕٹتھ۔

ہنگہٕ منگے ووتلیو وتس اکھ عجیب، حأران کرٕوُن احساس۔ دِلس منز گوس سونیایہِ نسبتھ شدید نفرتک احساس پأدٕ۔ أمۍ احساسن کوٚرسہ خوفزدٕ تہٕ پانہٕ خود تعجب کٕرتھ تلن کلہٕ تھوٚ دتہٕ تژٕ أدِن تس سٕرٕنی نظراہ۔ تمۍ وُچھ سونیا تہٕ أس بےٚ سوکھ تہٕ پریشان گژھتھ تسی مُدے گنٛڈِتھ وُچھان۔ یسژن نظرن منز مأیے تہٕ لول اوس یمہِ سبہٕ تمہٕ

وۄ تلیِو نفرت واو گژ ایہِ ہندی پأٹھی ڈال دِتھ ژٕج۔ یہِ احساس گیو دراصل تٔمس ییمہِ خیالہٕ پأدٕ زِ وۄنی ووت سُہ ''ژیہُہ''۔

تٔمی کھوٚٹ بیٚیہِ پٔتھ بُتھ دوٚن اتھن منٛز تہٕ ترٛ ووٚن کلہٕ کوژھہِ منٛز۔ تس دِژن لیٚد رِژھٹھ بٔرِتھ تہٕ اچانک پأٹھی گوٚو کُرسیہِ پیٹھہٕ تھوٚد وُتھتھ تہٕ سونیایہِ کُن نظر ترٛأوِتھ گوٚو زبوِ کانٛہہ لفظ کڈنہٕ ورأیی تٔہندِس بڈِس پیٹھ تہٕ ترٛأوِن ڈاف۔ مشینی طریقہٕ بیٚیہِ تھوٚد وُتھتھ بیوٚٹھ دُبارٕ پتھر۔

رٔاسکولنِکافس پیٹھ أس وُنی کیٚبس برابر ترٛژھے حالتھ یِتھ بجہٕ ہندِ قتل کرنہٕ باپتھ مکۍ ہیتھ نیرنہٕ وِزِ پٔتی کنہٕ أسس تہٕ سونچان اوس اکھ بٔڑ ژترٛ تہٕ پرٛنہٕ ووٚنی ضایہ کرِن۔

''ژےٚ چھیہِ خأرٕ ے؟'' سونیایہ پرٛژھنس زٔنتہٕ موتکہِ بٔیہِ لرزِتھ۔

''تس پھوریوو نہٕ اکھ لفظ تہِ۔ خبر تس کیٛا گو۔ تٔمی اوس نہٕ بالکل تہِ امہِ آیہِ ''وِننگ'' یرإذ کوٚر رُمت...... تٔمس اوس نہٕ پانس تہٕ فکری تران زِ تس کیٛا گو۔ سوٚ ژھ تھوٚد تہٕ وارٕ وارٕ ہیٚتھ بڈِس پیٹھ تس نکھہٕ۔ سو رٚوز قرارٕ سان تس مُدأے گٔنڈِتھ ٹٹہٕ وار تہٕ کوٚرُن نہٕ۔ بچارٕ اوس دِلٕ ہتھ ہتھ گز وہ تلان تہٕ بوڈان۔ وحشت ناک ژھوپہٕ زیٹھے یہِ وارِیاہ...... أتھی منٛز پھیٛر ۂمی بُتھ سونیایہِ کُن خاص اوسس موتٕن رنگ پھیوٚ رُمت۔ وُٹھن گیس سوسرائے ہش۔ وٕنتھ اوسنہٕ ہبکان نتہٕ اوس زبوِ کیٛاہتام لفظ کڈنٕچ کوٗشش کران۔ سونیایہِ گوٚ ولرزٕ ستی دلے بوٚڈِتھ۔ ترِ گٔنڈی پھٹِس۔

''دٔلیل کیٛاہ چھے'' تٔمہِ پرٛژھُس دُبارٕ رٔژھاتس نشہِ دوٗر کُن نیرِتھ۔

''رٔکھنی نہٕ...... سونیاژ موکھوژ...... یہِ چھے احمقأزی...... واقعی چھےٚ یہِ بڈٕ احمقأزی۔ اگرے ژٕ اتھ سنکھ'' تٔمی وۄن دنٛدٕ ٹےٚ تِتھے کٔنہ یِتھ کٔنہ نیم ہوشی منٛز انسان ونان چھُ ''بوٚ کیٛا زِ چھُس یور ژٕ پریشان کرنہٕ یِوان؟'' تٔمی وۄنُس مزید بتھِس کُن وُچھتھ ''واقعی۔ کیٛا زِ چھُس یہِ کران؟ بوٚ چھُس اکثر پأنی پانس تہٕ یہِ سوال کران سونیا............''

شایداوس سُہ یوہے مِنٹ پنداہ مر بڑ وٚنہہ پانس یہٕ سوال کران۔مگر وُنی کبس اوس سُہ بے بس گژھتھ یمہٕ کتھہٕ کران۔تمِس اوس نہٕ شاید پتہٕ زِ ونان کیا چھُ۔تِس اُس ساٖری ہے پانس تھر تھرِ باسان۔

''افوہ......ژٕے چھےٚ حالتے خراب، سخ عذاب چھُے'' تمہِ وٚن اوزرد گژھتھ غورسان تس کُن وُچھان وُچھان ''بکواس بیٚیہٕ نہٕ کیٚنہہ......بوزسونیا'' اچانک پاٹھی وُٹھ گُمناٲوِتھ لوٚگ اسنہٕ۔یہٕ وُٹھہٕ کُمجارروٚ دُس محض دون سکنڈن یُس تٲہنز بے بسی ہاوان اوس خوٚن زنتہٕ وَوژیوٚ سِتی کوٚ ڈُمت اوسہٕ ہس۔''ژٕے چھُیہٕ یاد مےٚ کیاہ ونیوٚ مے راتھ؟''

سونیا روٚزو بسر یمژ تہٕ چھندر یمژ ژھوپہ کٔرتھ تٔہندِ ہے وننس پژاران۔''یہٕلہٕ مے درایوس مےٚ ونیوٚ مے شاید چھُس ژٕےٚ نشہٕ ہمیشہ خاطرِ روخصت سپدان تہٕ وُنی ہرگاہ از باز پھیرِتھ آس بہٕ ونے......کُٹی......کُٹی ماٗرلز واتا!''

تمِس وُٚژھ کلہٕ بیٹھہٕ نلس تام تھر تھر۔

''تہٕ بہٕ چھُس ازتی وننہٕ باپتھ آمُت۔

''ژٕ اوسکھ واقعی دمدار باسان ییلہٕ ژٕے ونیوتھ؟'' تمہِ وٚن وُٹھہٕ پھسرلیہ ہٕنٛدِ آیہ ''ژٕے کتھہٕ پاٹھی چھُے پتاہ؟'' تمہِ پرٛژھنس بانبرِ ہرٛ زنتہٕ حبس پھیوٚرُس۔

سونیایہٕ اوس رژھہِ پتہٕ رژھہِ بتھس لیٚد رِرنگ ہُران۔تس اوس شاہ کھالنہٕ والنہٕ زنتہٕ وچھ کوٚرنہٕ یوان۔

''مےٚ چھُ پتاہ!''

تمہِ کُرمنٹاہ خاموشی۔

''تم چھااتھہِ لگی ہتی'' تمہِ پرٛژھس کھوٚژی کھوٚژی۔

''نہٕ''

''تیلہِ کتھہٕ پاٹھی چھُے ژٕے امیُک پتاہ؟'' تمہِ پرٛژھس بیٚیہٕ یہ ہے وُٹھہٕ

پھسرلیہِ ہِنٛدِ انداز منٛطاپیہِ ژھوپہ کرِتھ روزنہٕ پیٚتہٕ۔

سُہ پھیوٚر یکدم أمی ہے کُن تہٕ لوٚگُس انتہأیی سٔرزتھ وُچھنہٕ۔

''اندازٕ لگاو''، تمۍ وُنُس گوڈنکی آیہِ ہناوُٹھ گُمناوِتھ پوٚز یہِ وُٹھہٕ کُمجار اوس بےٚ

ملنہِ تہٕ تھٔزرٕ بےٚ بسی ہُنٛد اظہار کران۔

ہِمس بچارٕ گیہِ دِنن۔

''مگر ژٕ...... ژٕ کیازِ چھکھ مےٚ یتھہٕ کٔنی کھوٚژناوان......''تمہِ وٕنُس أ رکس

شُری ہِنٛدی پأٹھی اسان اسان۔

''بو آسہِ تِمس یارِ جأنی......توے تہٕ زانن'' رَاسکولن کافن تھوو کلامہٕ جأری پوٚز

نظر آسس بدستور تہنٛدِس بُتھس پیٹھ لگِتھ۔ ژ نتہٕ سُہ نظرٕ اورٕ یور پھِرتھے اوسنہٕ ہبکان۔

''تس چھنہٕ......لِنزواتا مارنک یرادٕ اوسُمت......تمۍ چھےٚ سوالغأیہ مأرمژ۔

تِمس چھےٚ أ س مژ سوٕ بڈ نی مارٕنی ییلہِ سوٚ کُنی ژٔنی آسہِ ہے تہٕ سُہ گووتور......تمۍ وِزِژ لیہِ

تور لِنزواتا......تمۍ ژھٔنی سوتہٕ مأرِتھ۔''

بیا کھ ہأبتناک بُرٛنزا گُذریو......دوٚشوے أسی اکھ أ رکس بدستور پأٹھی

مُدے گٔنڈِتھ وُچھان۔

''ژٕ چھکھنا رکہنی اندازٕ لگاوِتھ ہبکان؟'' رَاسکولن کافن پرژھُس پتھے تس اوس

باسان زنتہٕ تھدِ مینار پیٹھہٕ ووٹھ لاین وول اوس۔

''ن......نہ'' سونیایہِ ووٚن لوتی۔

''وارٕ وُچھ......میأنس بُتھس کُن تر اوسٔنی پأٹھی نظراہ'' یہِ وُنان وُنان گیس

تِتھے ہسر ہش پأدی یوسہٕ ووٚنی تس امہِ وأری دلتہٕ پیٚتہٕ ویزٕ أس۔ نظر أ سس تِہنٛدِس

بُتھِس پیٹھ یکایک ووتلیوس تٔہنٛدِ بُتھہِ منٛزٕ لِنزواتایہ ہُنٛد بُتھ۔ سُہ سورے منظر آس

أچھن تل۔ ییلہِ سُہ تبر تُلِتھ تس کُن پوٚک تہٕ ہو پیٹھ کُن لبہِ ستی تھے پأٹھی روٗزٕ تھہِ

بأڈھی شُری کھوٗ ژِتھ بچاو خاطرٕ اتھہٕ بتھہٕ رٹان چھی۔ چھنا شُری کانٛہہ خوفناک شے وُچھتھ الہٕ پوٗش ہوٗ گڑھان تہٕ کھوٗ ژِتھ چھنہٕ نظرٕ ے ہٹاوان۔ لال چھِکھ پھٹِتھ نیران تہٕ اتھہ چھی وامان تہٕ کرِت تہٕ چھُکھنہٕ فوران۔ یہے بأڈش اُس رلزاتا یہٕ گاٗمژ تمہِ وِزِ تہٕ وُنی کبس اُس تمہِ کُے اٗنہٕ سونیاہاوان۔ تتھی ہے خوفس تہٕ بے بسی منٛز اُس سونیاوُنی کبس وُچھان۔ تھار ہٕژ کڈٕن کھوُر ژٕ نبر تہٕ اتھہٕ تھووُن زنتہٕ نیم ہوشی ہٕندِس حالتس منٛز تمٛی ہٕندِس سپنس پیٹھ تہٕ دِوان چھس ژبل تہٕ وارٕ وارٕ وُژھ اُتھی ہتی بڈٕ پیٹھٕ تھوٗد وُٗ ج اُمِس نِشہِ بیٚیہِ ہن پتھ مگر نظر اۓ ہس نہٕ اُچھی موٗ ہس تہٕ ڈالان۔ تہٕندِ خوٗ فچ ژھٹھ ہیچ تمٛس تہٕ۔ بتھِس پیٹھ اوُسس تو ہنٛدُ ے ہیوٗ خوف پژ یڈٕ ان۔ سُہ تہٕ روٗ دتس زنتہٕ اُمھی کوٗرِتھ وُچھان تقریباً برابر شُری لأزی ہنٛز ہش اسن گرائے بتھس پیٹھ اُنتھ۔

''ون کوٗرتھہٕ کانٛہہ اندازٕ'' چھیکرس پیٹھ کھوٗ جی تمٛی زبو۔

''میٚانہِ خدایا......توباہ'' سونیایہِ ژٕجی دلکہِ ژ کہِ پیٹھ خوفناک کرٕ بکھ نیرتھ۔ سو پیٚیہِ پلنگس پیٹھ دبنگہٕ تہٕ بتھ تھووُن تکین منٛز کھٹِتھ۔ رُماہ گژھتھ وُژھ سو تھوٗد تہٕ شی گرِتھ گیہِ تسی نشہِ تہٕ ژٹن چیرِ سان تہٕندی زٕ اتھہٕ پننین نوزُک اتھن منٛز بند۔ لِجس بیٚیہِ وحشت ناک نظرو وُچھنہِ امہِ نظرِ ہتی اُس سو وونت وُچھِتھ تس اندر وومیز ہٕنٛز کانٛہہ زِ ژاہ ژھانڈان حتیٰ کہ نظرِ ہنٛز وودأسی اۓ ہس دوٗ رِتگان بوزٕنی۔ کانٛہہ وومید گیس نہٕ نظرِ۔ وونی ماوس کانٛہہ شک باقی روٗ دمُت یہِ اوس سورُے پزر۔ حالانکہ پتہٕ ییلہِ تس کُنہِ وِزِ سو گریاد پیوان اُس سو اُس اتھہٕ کھوان زِ تمہِ کیاژ کریو گوڈے نتیجہِ اخذ زِ وونی روٗ زنہٕ کانٛہہ وومیدا باقی۔ سو کتہِ ونہِ ہے تیلہِ ''مثالہ پأڈھی'' تس تجوو گوڈے بوزُن کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ چھُ سپدن وول۔ تہٕ وونی ہتھے تمٛی وونس تس آو واقعی خیال زنتہٕ بژ وٹھے ہأوِتھ اوسنس دیشُمت۔

''بس......سونیا......بس......وونی مودِ ے مزید یزاہ'' تمٛی کوٗرگلو گنڈِتھ تس

نہایتے عاجزی سان عرض۔

تمۍ اوس نہٕ ہرگز ہرگزتہٕ سوٚنچمت زِ سُہ کیاہ ونہٕ سونیاہ امہِ آیہِ یہِ کتھ مگر یتھ یہِ سپدُن اوس تہٕ سپد۔

تمہِ تُج کُنی ووڈھ تہٕ وأژسے مٔنز کُھس۔ باسان اوس تس چھنہٕ پتھے زِ کران کیا چھے۔ سو اُس اتھہٕ موٚران تہٕ أچھی ٹٹہٕ وارِ مٔنز گیہ بیٚیہ واپس پلنگس پٔٹھ تہٕ بیٚٹھ تس لرِ یُتاہ نزدیک زِ باسان اوس پھیٚکس ستی پھیوٚک رلاوِتھ چھس۔ یکدم ژٕ جس تشہ کرٕ بکھ نیرتھ زنتہٕ کانسہِ ۂلس شرٔاک یوڈ ناوُس تہٕ بے حال گژِھتھ ترٔ وُون کلہٕ تھٔند بن کھورن پٔٹھ۔ یہِ کیا زِ کوٚرُن تہٕ اوس نہٕ تس پانس تہٕ پتاہ۔ ''یہِ کیا چُھتھ کوٚرمُت ژٕے ......یہِ کیا چُھتھ کوٚرمُت ژٕے پانس!'' تمہِ ووٚن انتہائی مویوسی مٔنز تہٕ لی ونان ونان وُڈھ کُنی ووٹہِ تھوٚد تہٕ آلوٚن تس پان۔ تمہِ ترٔ آوِ پننہٕ نرِ تس گردنہِ مٔنز تہٕ کرٕ یلکی پأٹھی پان وٕلتھ دیُتنس چیر۔

رَاسکولنکاف کھوٚت پان موکلاوِتھ تس نشہِ ہناپتھ تہٕ لوٚگُس وُچھنہِ ہأری ہتس زأری ہندی پأٹھی وُٹھ گمناوِتھ یہِ وُٹھ کُمجاراوس تو ہند دوکھنٕی پأٹھی باوان۔ ''ژٕ چھکھ عجیب لڑکی......سونیا............ژٕ چھکھ مے موہنہِ تہٕ مُتی کران۔ بیٚیہ بیٚلہِ تہٕ یشہ کتھ ژٕے وٕنی مے......ژٕ چھکھنہٕ سونچانے ژٕ کران کیاہ چھکھ......ژٕ چھکھ نارِ ستی نرزالان''۔

''مے چھنہٕ باسان......مے چھنہٕ باسان دُنیاہس مٔنز کیاہ آسہِ ژٕے ہیوٚ بیٚیہ کانہہ دوکھہِ لد تہٕ غمہٕ ہوٚت'' باولہٕ ہندی پأٹھی وۆننس۔ تمہِ بوٚزِ ے نہٕ سُہ کیاہ اوس ونان تہٕ اُلجی ودٕ رِوے کرنہِ۔

واریاہس کالس گوٚر رَاسکولنکافس اکھ میوٚٹھ تہٕ موٚدُر احساسا پأدٕ دیُتیمٕ تو ہند دِل موم کوٚر۔ تمۍ تہٕ زوٚن یہِ غنیمتھے۔ أچھوٚ کنی وٕتھس زٕقطرٕ اوٚش یم أچھر والن پیٚٹھے روٚدٕ گاس۔

''تیلہِ تڑ او کھنہٕ ژٕ مےٚ تہا سونیا؟'' تٔمۍ ووٚن تس پرُ وومید نظرو مُدے گنٛڈِتھ۔

''نہ.......نہ........ہرگز نہٕ.......تہِ چھُنہٕ تورٕ وۄتھمُتے۔ کُنہِ تہِ حالتس منٛز تہٕ کُنہِ جایہِ نہ'' سونیایہِ ووٚنُس بربگہٕ ہتھ ''بو روزے ژٕےٚ ہتی.......بو وندے پان کُنہِ تہِ صورتس منٛز روزنہٕ ژٕےٚ نِشہِ دوٗر.......میانہِ جگرٕ.......توباہ میانہِ خدایہِ۔ کانٛژاہ شکس لٔدِنی چھس بوے.......خبر مےٚ کیاہ گو.......مےٚ کیازِ پزٕ زنووٗ کھنہٕ ژٕ گوڈٕ ے.......!.......ژٕ کیازِ آ کھنہٕ مےٚ نِشہِ گوڈے؟ میانہِ دِلہِ جگرٕ!''۔

''ووٗنی تے بو آس تہٕ''

''بالکل.......ووٗنیے ژٕ آکھ.......مگر.......وَن ووٗنی کیاہ چھُ کرُن.......یکہٕ وٹہٕ رٔلِتھ میلِتھ'' تمہِ وٗنی دُبارٕ پنٛنۍ الفاظ زنتہٕ بےٚ ہوشی اندر أس۔ تمہِ روٗٹ سُہ یہٕیہِ نالہٕ متہٕ ''بو یمے ژٕےٚ جیل ہتی!''

''امہٕ ہتی گیہِ رٕ اسکولن کافس دِنن۔ یہٕیہِ آلیس نفہت ووتلِتھ تہٕ وُٹھن پٹھ پھلے لیس خند کرٕونی اسن زاے یوسہ تہنز گرٕونی ہاوان أس۔

''سونیا.......مےٚ چھُنہٕ باسان مےٚ پیٚیہِ وُنہِ جیل گژھنٕچ ضرورت'' تٔمۍ ووٚنُس اعتمادٕ سان ''تمہِ کٕرس پھرتی سان نظراہ''۔

''یہِ بوٗزی تھےٚ گوٚ وتس پٹھ بقول تٔہندِ سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ دُکھی انسانہٕ ہندِ خاطرٕ گوڈٕ ووتلیمٕتہ ہمدردی تہٕ رحم کہ جذبہٕ بدلہ أکس خونی سُند خیال غالب۔ تٔہندِس بدلوٕنس غرٕو روأ لس لجس منٛز باسیو وتس اکھ قاتل پھٕنکان۔ تمہِ تڑ آواند کارس منٛزتس کُن نظر۔ تس گوٚ ودُ گوش تہٕ یک لخت کانٛتیاہ سوال گأس ذہنس منٛز پأدٕ مٔتن کیازِ.......کتھہٕ پأٹھی تہٕ کمہِ باپتھ کوٚر تٔمۍ یہِ۔ تس گوٚ ونہٕ یٔیہِ تہِ امیٚک یقین۔ ''یہِ.......یہِ چھا قاتل! یہِ ہیٚکیاہ صداقت أستھ؟''

''امیٚک مطلب کیا چھُ؟ بو کتہٕ سنا چھبس'' أچھن زنتہٕ مکمل انہِ گوٚٹ گوہِتھ

وۄن تمہٕ۔ یتھہٕ پأٹھی زِ زنتہٕ پان وُنہٕ سنبألی تھےٚ أس نہٕ ہبکان تیٚتھ صدمہٕ گوس۔

"چانہٕ جأنبہٕ......چانہٕ جأنبہٕ کتھہٕ آویہٕ......ژٕ......ژےٚ ہیوٗ نفر......ژےٚ ہیوٗ نفر کتھہٕ ہیکہٕ یژھ ووکھہٕ حرکت کٔرِتھ......ہنہٕ؟......ژےٚ کیاہ مراد اوسے امیُک؟ کمہٕ باپتھ؟"

"بس......ژۄر کرنہٕ خأطرٕ، ژھن بلاے اتھ سوالس......سونیا......موکریہٕ کتھےٚ" رَاسکولنکا فن وۄنس درٕہ کھُستھ مگر سُمہٕ پھُٹتھ۔

سونیایہٕ زن پیوٚ وبال پٹھ تہٕ گیس زبوٚ گیس منز بند اما یکدم ژٕجس کرٕ بکھ نیٚرتھ۔

"بوچھہٕ بوچھہٕ اوسکھہٕ کران؟ ژےٚ کوٚرتھہٕ یہٕ......ماجہ......فاقہٕ پھٔرِ ماجہٕ ہنٛدِ اتھہٕ شہلاونہٕ کہٕ غرضہٕ......آتی آسہٕ بیٚیہٕ کیاہ؟"

"نہٕ......نہٕ......سونیا ہرگزتہٕ نہٕ" تٔمی وۄنُس أرکس انٛدس گُن گردن پھٔرتھ تہٕ پان پتھ گُن ترٛۄ دِترٛ أوِتھ ہیوو......"بو اوسُس نہٕ تیوٗتاہ بوچھومُت......یہٕ کتھ چھےٚ ٹھیک زِ بو اوسُس ماجہِ تہٕ اتھہٕ شہلاوُن یژھان مگر......تی تہٕ اوس نہٕ میون مطلب......سونیا......مےٚ مو دِووٗنی یموکتھوٚ ستی یژاہ......سونیا!"

"یہٕ ہیکیاہ أنٛدِتھ......یہٕ ہیکیاہ پزرٕ أستھ؟ میانہٕ خدایہٕ......یہٕ کیا ترٛٹھ......کأنسہٕ بہیایہٕ......بیٚیہٕ یہٕ کیاہ مژر......اکہٕ انٛدِ دِکھہٕ ژٕ پنٕنی أخری دوٗمبری تام بیٚیس تہٕ بیٚیہٕ انٛدِ لوٗٹھن بیٛا کھ تہٕ کرکھ قتل......افسوس" تس ژٕج باکھ نیٚرِتھ "سُے پوٗنسہٕ دیٚتتھ ژےٚ کیٹرینا ایوانونایہٕ......یہٕ چھاسُے پوٗنسہٕ......ہیکیاہ سُہٕ پوٗنسہٕ......یژھہٕ کامہٕ لگتھ......"

"نا......سونیا ہرگز نہٕ" تٔمی وۄن پٹھےٚ "یہٕ اوس نہٕ سُہ پوٗنسہٕ۔ سُہ ترٛاس مو کھےٚ۔ سُہ پوٗنسہٕ اوس مےٚ ماجہٕ سوٗزمُت......تمہٕ سوزوٗ مےٚ سُہ رقم یتلہٕ بوٚ کأہل اوسُس۔ یمہٕ دوہہ مےٚ سُہ رقم ژےٚ اتھہٕ دیُت......رَازومِہنس چھےٚ پتاہ۔ تٔمی وُچھ پانہٕ......کیا زِ تٔمی کوٚر سُہ رقم میانہٕ بدلہٕ رٔسیو......سُہ اوسُے مےٚ پنٕنہٕ چنٛدُک رقم......حلال کمأیی أس پٔنن پوٗنسہٕ اوسُم"۔

سونیاأس گٔژس منٛز پیٚتھی تہنٛزٕ کتھہٕ بوزان تہٕ دِماغس زور دِتھ چھنٛج کوٗشش کران۔ "تہٕ سُہ رقم ...... گوڈٕ چھُنہٕ اصل پأٹھی پتہٕ کانٛہہ پوٗنسہٕ اوساتہٕ کِنہٕ نہٕ" تٔمۍ وۄنُس سیٚٹھے نرمی سان زنتہٕ یاد پاوان اوس۔

"مےٚ کوٚڈ تس نالہٕ چمروٗ پٔرس اکھ۔ سُہ اوس پٹتھ مگر مےٚ وُچھے نہٕ تتھ منٛز کیاہ اوس۔ شاید اوسُم نہٕ تیوٗت وکھ تہِ ...... تہٕ باقی چیز ...... چیزٕ تہٕ زیور کھنٛجہٕ۔ تم دِبأوِم پگاہ کیٚتے ...... وی ...... آنگنس منٛز أکِس کنہِ تل۔ تم چھی وُنہِ تتی پیأمتۍ ......"۔

سونیاأس دِماغ کامہِ لأگِتھ غورٕ سان بوزنٕچ کوٗشش کران۔

"مگر تیلہِ ...... تیلہِ کیاز کوٚرتھ یہِ اثر ...... دِیان چھکھ لوٗٹنہٕ کہ غرض کوٚرُم۔ یوٚز نیوٗتھ نہٕ کہنی! یہِ کیاہ؟" تمہِ پرٛژھ ہنس وٕلۍ کتھہِ ہُنٛد پن رأٹھ۔

"مےٚ چھُنہٕ پانس تہِ پتاہ ...... مےٚ چھُنہٕ وُنہِ تہِ طے کوٚرمُت سُہ رقم پرٛیانے مصرفس اننہِ خأطرٕ تتبتھ کڈن کِنہٕ نہٕ" تٔمۍ وۄن دُبارٕ غور کٔرِتھ أتھی منٛز زنتہٕ یکدم بدارگو تہٕ طنٛزیہ خندٕ کٔرِتھ وۄتھُس "اوٗف۔ بوٚ کیاہ افراسیأبی چھُس ژےٚ ونان۔ اوٗہ"

سونیایہِ ہنٛدِس ذہنس منٛز گو خیال پأدٕ "یہِ ماسنا چھُ پاگل گومُت مگر ستی کوٚرن یہِ خیال رَد" "نہ یہِ چھےٚ کیاہتام بدل کتھ" تس اوس نہٕ کہنی تہِ پلہِ پیوان ...... بالکل نہٕ"۔

"سونیا ژےٚ چھیہِ پتاہ" تٔمۍ وۄن منٛزی زنتہٕ کیاہتام نوٚ کتھ وتھٕ أسس۔ "بوٚ ونے ژےٚ۔ اگر ےٚ مےٚ آسہِ ہے محض بوٚ چھہِ ژٔلراونہٕ خأطرٕ سُہ قتل کوٚرمُت" سُہ اوس پرٛبتھ لفظس پیٹھ خاص دباوٕ ترٛاوان تہٕ سِر ساأوی مگر خلوص بٔرژ نظرو تس بُتھس کُن وُچھان "تیلہِ آسہٕ ہا بوٚ وُنی کیٚس خوش تہٕ خوشحال۔ کر کھہٕ پرٛژھ؟ مگر ژٕ کیاہ مانکھ تہِ ......"

برٛنزاہ گوٚڑھی تھیٚپہِ موہُس سپدتھ وۄتھ سُہ تس کُن کرٛبکھ دِتھ "ژےٚ باسی نہٕ لمہِ ستۍ کانٛہہ فرق یوٚ دوَے بوٚ اقرار تہِ کرٕ زِ مےٚ گٔر غلطی ...... صریحاً غلطی ...... ژٕ چھکھ مےٚ مات دِتھ پنٕنی نِہکہٕ پہلچ فتح مندی ہاوان۔ ژےٚ کیاہ مفاد چھُ لمہِ ستۍ نیران۔ مےٚ چھُ

افسوس گژھان۔ سونیا...... بوٗ آساوٗنی کیٚنہہ امی موجب ژےٚ نِشہِ؟''

سونیایہِ ہیٚژ وو کیاہ تام وَنُن مگر کتھےٚ گیس نبٕنگلِتھ۔

''مےٚ ونیو مے ژےٚ یِہ وولہٕ مےٚ ستی تہٕ کیاز مےٚ چھکھ ژےٚ یأژ یتھ

دُنیاہس منٛز ووٚنی پٔنٕنی باسان۔

''مگر کوٚت اوسُم ژےٚ ستی یُن؟'' سونیایہِ وَوٚنُس کھوٗژی کھوٗژی ''لوٗٹ مارتہٕ

قتل کرنہٕ تہٕ کینٛہہ۔ سو پریشأنی تژ اوٗ، تلخی سان وُٹھ گمنأوِتھ ووٚتھس سُہ ''ژٕ تہٕ بوٚچھی......

طبیعتہٕ کٔنی واریاہ بیوٚن تہٕ بدوٚن...... ژےٚ بیہیہ سونیا۔ مےٚ آوو ونی دپھ ییٚمی دمہ یہ خیال

زِ بوٗ کوٚت اوسے ژےٚ ونان مےٚ ستی چھےٚ یُن۔ راتھ یِیلہ ژےٚ ووٚنمے مےٚ اوس نہٕ

پانس تہٕ پتہٕ...... مےٚ ووٚنمے ژےٚ ییمہ غرضہٕ مطلب بوٗ آس وُنی کیٚنہہ تہٕ ژےٚ نِشہِ

امی غرضہٕ زِ ییٚنہٕ مےٚ تنہا تژ اوٗ کھ۔ وَن سونیایہٕ ژےٚ مےٚ نِشہِ پوٚت ہیکھ؟''

تمہِ دیٚت تٔہندِس اتھس چیر۔

''مگر مےٚ کیاہ دراوأمس وننہٕ ستی؟ مےٚ کیاز کریہ سرس وأقف؟

بد دل گژھتھ زنتہٕ یُہے اکھ منظاہ گژھتھ سُہ وولیوو۔ تہٕ پریشأنی اندر تٔہندِس

بُتھِس کُن وُچھِتھ ووٚتھ تس کُن ''مےٚ چھُ تران فکرِ ژٕ چھکھ وُنہِ تہٕ مےٚ نِشہِ اچھ

وضاحت ژھاران...... سونیا توے ہیکی نہٕ معاملہٕ فکرِ تژی تھے۔ یُلی گژھکھ پریشانے

اوت...... میانہِ باپتھ...... ہے ژےٚ کیاہ چھی ہکی گژھان...... ژٕ کیاز زوان تہٕ تہٕ

مےٚ...... او...... مےٚ نالہٕ مُتی تہٕ کران؟ مےٚ وَن ژٕ کیاز یہ کران...... یالمہِ کٔنی زِ ژےٚ

چھےٚ باسان بوٗ ہیکہ نہٕ پننہِ غمک بور تُلِتھ تہٕ ووٚنی چھُس آمُت دوٗیمی سندِ بن پھکیٚن پیٚٹھ

یہِ بار تژ اونہِ۔ یُتھ ژےٚ تکلیف واتی تہٕ مےٚ بوس لوتہٕ......! تیٚلہِ پزیا ژےٚ تہِس

بدنصیب کمینس ستی لول ورتاوُن؟ وَن سونیا وَن؟''

''مگر ژٕ کتہِ چھکھ سو کھہِ ساوٚ ژ ہے عمکِس ڈٔری یاوِس منٛز غرق چھکھ...... ژٕ ہے

دوکھوژوپمُت چھُکھ" سونیایہِ کٔرلیل۔

توہند دِل شہلیو وامہِ ستی تہٕ پیٚیہٕ آیس مایے ووتلتھ۔ بڈٕ نرمی سان ووٚتھ سونیایہِ کُن "بوچھُس ژ کہِ دلہٕ کنِی خراب..... سونیا..... ژٕ سٔنی زٕ..... ژےٚ تری پانے سوٗرے فکرِ..... اگر نے بوٚ دِلہٕ دۄر آسہٕ ہابوٚ کتہٕ ییمہٕ ہا یور ژےٚ نِشہِ۔ ہرگاہ کانٛہہ شوٚد دِلہٕ نیک خصلت نفر آسہِ ہا۔ سُہ ییہِ ہانہٕ یور۔ پوٚز بوٚ..... بوچھُس بُزدل..... اکھ بدنصیب کمینہٕ نفر..... مگر ژٕ بٔری زِنہٕ وایہ..... یہے چھےٚ نہٕ اصل کتھ۔ بوٚ ونے ژےٚ سوٗرے وٕنی..... پوٚز..... مےٚ..... مےٚ چھُنہٕ بوزنُے تگان شروع کتہِ پیٹھہٕ کرٕ"۔ امہِ پتہٕ دیُتن دم تہٕ گوٚو کتھ تام سوچس منز بوٚڈِتھ۔

"اوہ..... أسی چھی مزازو کنِی واریاہ بیوٚن تہٕ بدۄن" تٔمی دِژ چکھ "اسہِ چھُنہٕ ٹُنہِ رنگہٕ تہِ ہشر..... تہٕ بوٚ کیاز آس..... أخر بوٚ کیاز آس یور؟ بوٚ کرٕنہٕ اتھ پیٹھ پانس زانٛہہ تہِ معاف"۔

"نہ..... نہ..... رُت گو..... ژ آکھ یور....." تٔمہِ ووٚنُس تھدِ ہٹہِ "بہتر تہٕ افضل چھُمے ونکھ ژٕسأرِے ڈٔلیل"۔

رَاسکولنِکافن کٔرِس تس بدنصیبہٕ سندی پأٹھی رحم ژھارن واجنوٚ چشمو نظراہ یَس پھاسہِ کوٗتُس کُن پکناوان آسن۔

"مانتہٕ مےٚ اوس پھاسہِ کھسنٕک شوق تہٕ تی سپُد" تٔمی ووٚن زنتہٕ حتمی نتیجہٕ اخذ کٔرِتھ "بالکل میٔانِس لأنِس اوس یی لیکھتھ..... بوٚ اوسُس سُہ نیولین بنُن یژھان تہٕ توے کٔرِم سو قتل..... تو ریہ ووٚنی فکرِ؟"

"ن..... نہ" سونیایہِ ووٚنُس مُڈٕ پأٹھی کھوٗژی کھوٗژی "ژٕ وَن..... وضاحتہٕ سان بوٚ کرٕ سمجنچ کوٚشش مہربأنی کٔرِتھ وَن ژٕ وبژھناوِتھ۔ مےٚ ترِ پانے فکرِ" سو أس زنتہٕ گُمہ گُنڈتھ وتان۔

''اچھا ژےٚ تری فکرِ؟ ٹھیک گو! وُچھ!'' تَمۍ دیُت دم تہٕ رٹھہِ کھنجہِ گوکتھ تام خیالس منٛز ییٚر۔

''کتھ چھےٚ دراصل یہِ زِ.....اکہِ دوہہ پرٛژھ مےٚ پانٛس اکھ سوال...... اگرے مثالہِ پاٹھۍ نپولین میانہِ جایہِ آسہِ ہا۔یس پننٛی زندگی بناونہٕ خاطرٕ نہ طولونی آسہِ ہا تہٕ نہ مصرِ ے نہ آسہِ ہس موئنٹ بلانک بلکہِ آسہِ ہس تمو شاندار نظاروتہٕ یادگاری چیز و بجایہِ اکھ احمق بڈ ٹنڈم سودخوار وڈ داربن یوسہٕ تس باسہِ ہے چھےٚ قتل کرٕنی بہتر تھنٛدِ ٹرنکہِ منٛز روپیہِ لوٗٹنہٕ باپتھ (پننٛی زندگی بناونہٕ خاطر.....تو ریہِ فکرِ) سُہ کیا سنا کرِ ہا۔ سُہ وسہِ ہا اَتھۍ سوٚتھرِس پیٹھ اگرے تس نِشہِ بیٚیہ کانٛہہ ذریعہ بدس آسہِ ہے نہ؟ کیاسُہ کرِ ہا اپھ دگ محسوس تِکیازِ یہِ چھنہٕ ہرگز تہِ کانٛہہ تھکبُن لایق کارنامہٕ یہِ چھُ شوہرتہٕ تہٕ نامداری مقابلہٕ گونہگاری تہٕ بزگاری ہُند عمل بلکہ تمہِ تہِ اوٗری ؤسی پایہِ.....اچھا...... پرٛژھ گری زِ اَمۍ سوالن کوٚرس بوسخ گیر۔وہی نہٕ پرٛہی اوسُس اِی سونچان مےٚ گیہِ اَعُمر کارپانس پیٹھ شرم ییٚلہِ مےٚ اندازٕ لگو و (ہنگتہٕ منگے آومےٚ کتھہٕ تام پاٹھۍ یہِ خیال) زِ تس گوٚھہِ ہے نہٕ کِچھ کِچھ تہِ محسوس کیا گژھہِ ہس۔تس پیہِ ہے نہٕ یہِ خیال تہِ زِ سو حرکت چھےٚ بزگاری تہٕ بدنأمی.....تس باسہِ ہے اتھ کامہِ منٛز ژیرلاگُن چھُ غلط بالخصوص ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ دوٗیم ڈری یہِ آسہِ ہس۔سُہ دِیہِ ہے تس منٛتس منٛز ہٹٕ گرنڈم بیٚیہ سنہٕ ہے نہٕ اتھ۔ اِدِ سونچہ ہا!.....اِدِ کیاہ.....میٚتہِ ترٛ وواتھ پیٹھ سونچنٕے.....تہٕ گرٕم قتل.....نپولین سٕنٛز مثال برٛ ونٛٹھہِ کنہِ رٕٹۍ تھے.....یہے چھےٚ اصل کتھ.....ژےٚ آسی یہِ اسنٛس لایق باسان؟ بالکل سونیا۔اتھ ساری ہے منٛز چھُ اسنٛس لایکھ (سارِوے کھوتہٕ زیادٕ شاید یہِ وُنن زِ نپولین سٕنٛز مثال برٛ ونٛٹھہِ کنہِ رٕٹتھ) سُپد یہِ واقعہ میانہِ ڈٕسی''۔

سونیایہِ اوس نہٕ اتھ منٛز کہنی تہِ اسنٛس لایکھ باسان۔

''بہتر روزِ ہا اگرے ژٕ سیٚدسیوٚد ونہکھ.....یمو مثالو ورأے'' تمہِ کوٚرُس التجا

کھۄژی کھۄژی، کتھ أسس سوتیم شہ بمشکل أس بوزان تہٕ"۔

سُہ پھیوٗرتس کُن تہٕ انتہأیی غمناک چشمو تسنٛدِس بتھس کُن وُچھتھ رٔٹن ٹھنڈی اتھہٕ پننہِ اتھن منز۔

"ژ چھکھ ٹھیک ونان...... سونیا...... پزی چھُ یہ سورُے بکواس۔ یمہٕ گیہ کتھہ کرنہِ۔ وُچھی سا...... ژےٚ چھےٚ مولوٗم...... میٲنی موج چھےٚ نیٚد ارینٛز...... چندٕ چھنٛی تہٕ ژھٔر۔ میٲنی بینہِ چھےٚ اعلیٰ تعلیم یافتہٕ تس آو نوکرأ زی کرنٛک حکم دِنہٕ تس آوأ کس رٔیس سنٛدی خانہٕ مألی گرٕ گرٕ ہتھ پرناونٛک سزا دِنہٕ حالاتے أسی تتھی۔ تم أسی میانہِ پاۂ مینان کیاژِ میٲنی شے أسکھ...... بو اوسُس پران مگر مےٚ پیٚیہِ تألیم اڈو تی ترٛ اوٕنی تہٕ یونیورسٹی روخصت کرُن۔ خرچ اوسُم نہٕ چندس آسان۔ اگرے وونی بو تتھےٚ کٔنہ زیرٕ ازیر ادِوان روزوس ممکن چھُ (اگر قسمتن ساتھ دِژوو) دہن بہن ؤری ین اندر مابنہٕ ہا کینٛہہ کلرکا یا ماشٹرا روپلہٕ ساسا ماروزِہے تنخواہ تہٕ (تٔمی دوہرو وہہٕ زنتہٕ سبق پرناوان اوس) تیتس کالس آسہِ ہے میانہِ ماجہ کھرٕ ڈٕ گمٕژ غمو تہٕ پریشأنیو ستی تہٕ بو ہکہٕ ہانہٕ تس کانٛہہ مدتھا کٔرِتھ...... تہٕ میٲنی بینہِ...... میٲنی بینہِ بچأرآسہِ ہے زیادے تباہ گمٕژ۔ سونیا یہ چھُ انتہأیی مُشکل سأری ہے وأنسہِ زندگی ہنٛدی سأری سوکھ اتھہٕ مۄرِتھ نیران وُچھن۔ شادمأنی ین کُن تھرپھرِتھ روزُن...... پننٛی موج مُشر اوٕنی تہٕ بینہِ ہنٛز بےٚ عزتی ہُنٛد زہر صبرتہٕ سکونہٕ سان نِنگلاوان۔ ژےٚ وَن کیاژِ کرِ انسان یہ سورُے برداشت یہ زندگی چھےٚ طویل آسان...... مول موج چھُ مران...... پتہٕ چھی...... پننٛی شُری بأژ آسان...... پتہٕ ما ترٛأوی تم تہِ نٔنی تہٕ چھٔنی...... دۄ مبری تہِ آسکھ نہٕ ترکس منز...... اوےٚ کوٗرمےٚ فأصلہٕ بجہٕ ہنٛدِس دولتس پٔٹھ اتھہٕ ترٛ اونک یُتھ زِ زندگی بناونہٕ کنِن گوڈنہٕ کنِن ؤری ین منزٕ بےٚ فکر روزٕ...... موج کرن نہٕ پریشان...... یونیورسٹی ہنٛز تعلیم ہکہٕ جأری تھأوِتھ تہٕ تمہٕ پتہٕ تہٕ رودِ کیٚنٛژس کالس فراغتس...... یا اوسُس تہِ وسیع پیمانس پٔٹھ پننٛی نوٚ زندگی

شروع کرنہٕ کہِ غرضہٕ سرانجام دِنہٕ یژھان۔ یُتھ میانٲ شخصیت بنہِ تہٕ پٔژنہِ کوٗ ٹھین پیٹھ سما جس منز لسانہِ بسان روزِ......تۄ ریہِ فکرِ......گُلس پیٹھ چھنے یہے کتھ......اتھ منز چھنہٕ شکہ کانہہ......سونیا......بچہِ ہُند قتل گرِتھ کوٗرمے صریحاً غلط......بس یہے چھے دٔلیل ......یوسہٕ بوژنے وٕتژ اوسہٕ سے یژھان!"۔

آخری الفاظ زیٖو کڈنہٕ باپتھ پیوٚوتس واریاہ جتہٕ خاز کرُن تیٚوٚتاہ اُسس تھکاوٹ......تہٕ کتھ موکلاوی تھے تژ دوٗن کلہٕ یون گُن۔

"اوہ......یہِ چھنہٕ کتھ......یہِ چھنہٕ کتھ" سونیا اُس پاگلہٕ ہندی پأٹھی وَنان سخ مویوس اُس۔ ہیکیاہ......اوہ......کتھہ پأٹھی......نہ......نہ......یہِ گونہٕ ٹھیک......یہِ ہیکہِ نہٕ پوٚ زأستھ"۔

"ژے چھے نہٕ یہِ صحی باسان......پزر باسان مگر مے گرژنے نِشہِ صداقتھ بیان۔ یی چھُ پزر"۔

"یُتھ تہٕ چھا پوٚز آسان......میانہِ خدایا!"

"سونیا......مے مأر دراصل اکھ زوٗ و، یُسند زندہ روزنہٕ کہنی فأیدٕ اوس نہ۔ حقیر تہٕ آزار دنہٕ واجینٛ اُس۔

"سو اُس انسان......نہ زا کھ زوٗ وا!"

"میٖتہِ چھُ پتاہ زوٗ و اُس نہٕ" تمی دیُت عجیب پأٹھی تس کُن وُچھتھ جواب" مے وُنے ناژنے یو چھس بکواس کران......سونیا......مے دوت واریاہ کال ووٗنی بک بک کران......یہِ چھنہٕ صحی......ژے چھکھ ٹھیک وَنان......ییٚہِ تہٕ اُسی واریاہ وجوہات......تم چھِنہٕ مے وُنیستام کأنسی وٕنی ہتی سونیا......اوہ......مے چھُ کلس سخ دود باسان......کلہٕ چھم پھٹان وُنی کینہ"۔ تہنز و اُچھو کنی اُسی نارہٕ اَلاو نیران......تہٕ چھ موٗنڈی زن اُسس......لگ بگ اوس نیم ہوشی اندر......پریشانی ہنز باوتھ کرن واجنٛ

اسن گرائے پھہلے لیس وُٹھن پیٹھ ......یہِ پریشانی اُس توہند اَندریم دود تہٕ تھکاوٹ نیٗ پاٗٹھی بیان کران......سونیا یہِ توٚر فکرِ سُہ چھُ وُنی کیٚبس سخ اذیتس منز......تس تہٕ اوس گیوٚر باسان......تمیٚ کاٗژاہ عجیبے کتھہٕ کرِ......مگر آسہٕ کُنہٕ حدس تام عقلہِ ویٚژنہ لایق مگر تہٕ گرِتھ تہِ......"مگر کتھہٕ پاٗٹھی......عفو میٚانہِ خدایا......کتھہٕ پاٗٹھی کوٚرُن یہٕ" تہٕ اَتھی سٕتی اَنِجِ سووود اَسی اندراتھہٕ ملنہٕ۔

"نہ......سونیا......سوچھےٚ نہٕ کتھ" تمیٚ کوٚر کلہٕ تھوٚد تُلان تُلان یکدم زنتہٕ بیدار گوٚمتِس بیٚیہٕ کلام شروع......باسان اوس خیالاتن ہُندنوٚ وسہلا باہ گوس اوٚ تاچ تیار کرنہٕ آمژ بنیادلوٚ ہراٗوتھ تہٕ دٕنی راٗوِتھ کوٚرکھ بیدار......"تہٕ چھُنہٕ صحی......بہتر چھُ......ژ مان تہٕ......آ......تی چھُ بہتر تہٕ افضل......ژٕ کر تہٕ فرض بوٚ چھُس شاید نیم پاگل......اکھ خود پسند......حاسد......بدباطن......کینہٕ پرور تہٕ قابلِ نفرت نفراہ......(مانتہٕ ژٕ بوٚ چھُس تمام بُراٗیِ ین ہُند لوٚ دمُت موٚرداراہ) مےٚ چھُ پانس تہٕ پتاہ لکھ چھی گوڈے میٚانہِ پاگلازی ہنٛزٕ کتھہٕ کران) مےٚ ووٚنےٚ ژےٚ وُنی مےٚ ہیوٚ کنہٕ یونیورسٹی منز پرُن جاری تھاٗوِتھ......مگر ژٕ ہیکہٕ کھہٕ ماٗنِتھ بوٚ ہیکہٕ ہا بدستور پاٗٹھی پرِتھ؟ موج اُس مےٚ سوزان فیِس کتی پوٚنسہٕ تہٕ بوٚ ہیکہٕ ہا کھنہٕ چینہٕ، پلوپوشاکہٕ تہٕ سوٚٹ بوٗٹہٕ خاطرٕ شکہٕ وراٗے پوٚنسہٕ ضرورتہٕ کھوتہٕ زیادے کماٗوِتھ......اَکِس ٹیوشنس اَسم سوادرُو بل پیٚٹھی دِوان ......اَخر راز ومنہن چھُناتی کران......مگر بوٚ بیوٚٹھُس ژ ورِوِن ہیوٚ ہُپ دُپ گرِتھ تہٕ کوٚرُم کرٚوم نہٕ کینٛہہ۔(آ......ژو روٗنے چھُ امہِ خاطرٕ مناسب لفظ) بوٚ بیوٚٹھُس پنٛنس کوٗ کرٕمِس ہوس کمرس منز زٕلری ہنٛدی پاٗٹھی پنٛنس پیری مِتس زالس منز......ژٕ ہے چھکھ تور آمژ......ژےٚ ہے چھُتھ سُہ کٔھ وُچھمُت......ژےٚ چھیٚہ سونیا پتاہ ژھوٚنڈی تھاہ واٗلیٚ تہٕ لوٚہ کٹھی ہوی کمرٕ چھی روحس تہٕ دِمٲغس سوٗ سُرژانان......بوٚ کیاہ وونے مےٚ چھےٚ تمہٕ بڑاَری کاٗنی ہنٛز نفرت ہِگِتھہٕ گِتھہٕ اُسُس تہٕ بتھ کوکرٕمٕ منٛز بسر نیران......بوٚ

اوُسس نہٕ اکھِ خاص مقصدِ نسبر نیران۔ دوہہ وادن دراس نہٕ بونسبر تہٕ نہ کو رُم کانہہ کاُم کوٹے...... بو اوُسس نہٕ کینہہ کھوانٕے تہٕ نہ کینہہ کران کراوانٕے...... یوٗ دوے نستا سیہ کینہہ انہِ ہے تیلہِ اوُسس کھوان نے تہٕ تیلہِ اوُسس فاقہٕ فری روزان......

بو اوُسس نہٕ کانٔسہِ منگانٕے دِپھ یوہے عمداً اژوٗ رُن گرِتھ بہنہٕ سبہٕ......روتلہِ اوُسم نہٕ کمرس منٛز گاشی آسان تہٕ انہِ گٹ ہے منٛز اوُسس بہان۔ سُہ کتہٕ گژھہٕ ہابو کینہہ زینہٕ تہٕ انہٕ ہازالنہٕ خاطرِ شمع۔ مےٚ پرٕ ہے پرُن اتھ برعکس ژھنہِ مےٚ کتابے ژِنتھ۔ تہٕ یم مےٚ نوٹ بناوی ممتی اُسی تمن کھرٕ میزس پیٹھ اکھ اکھ اُنٹ موٹ گرد۔ میتہٕ دِنی ملکھنہٕ گرد کینہہ بلکہِ زوٗنم غنیمت ڈاپھ ترٛ اُوتھ سونچان روزٕن۔ بو رُوٗدُس فقط سونچان ......

دوٚہس راتس اوُسس کم خواب وُچھان عجیب تہٕ نہ ویٛژنی لایکھ خواب...... بیان کرنک چھنہٕ ضرورت...... امہِ پتے لوگ مےٚ تتھ نسبتھ سونچُن ...... نہ ...... یہ تہٕ چھنہٕ حقیقت......ییٚہِ ہیٛرٕ مےٚ ژےٚ برٕ وُنہہ کنہِ غلط بیأنی کرِنی۔ کتھ چھےٚ بو لوٗگس پانٕی پانس سوال کرنہِ......بو کیاز ژھس یُتاہ بوٚڈ احمق؟ یوٗ دوے زن ساری یتھ دُنیاہس منٛز احمقے چھی......مےٚ چھُ پتاہ تم چھی......تہٕ بو کتہِ چھس وونی تہنٛدِ کھوتہٕ دانا......مےٚ تور پتہٕ فکر سونیا اگرے دُنیہس اندر پرٛ بتھ اُکی ہِندِ خاطرِ پرارو زسہ بنہِ دانا تیلہِ لگہِ تتھ وأنسہٕ بوٚد۔ واریاہ سُرِتھ سوٗنچتھ تورمےٚ فکرِ یو سہٕ کتھ ناممکن آسہِ تتھ پیٹھ سونچنہٕ چھُ وکھ راوان۔ یہ گیہِ بڈٕ حماقتھ۔ کانٔسہِ بدلاونچ کوٗشش کرِنی گوٗ وکوٗم یا جبن تیل دیِن۔ یہِ چھُ فطری قونون یُس پننہِ جایہِ اٹل روزان چھُ۔ یہِ چھےٚ پزر......یُس دبأغی طور طاقتور آسہِ سُے چھُ کمزورن پیٹھ حکمرأنی کران۔ جرأت مند نفرٕے چھی تمن ڈیکہٕ ٹکہٕ باسان۔ یُس انسان پرٛ اُنس نظامس مانان چھنہٕ تہٕ نُوتھ کتھ تلاش کران چھُ سے چھُ اُیپن ساز مانہٕ یوان۔ یتھ تحت باقی پننہٕ زندگی تابعداری کرِتھ گذاران چھی۔ غرض یُس یُتاہ دِل دوٗرتھاوِسہ نیرِ تیوٗتاہ سرس تہٕ یہِ پزرک علمبردار مانہٕ۔ وُنیُستام چھُ یی سپدان

آمُت تہٕ آیندس تہٕ روزِی سپدان۔ تِم لۄکھ چھی انزس منز یم نہٕ یہِ صاف تہٕ سیز کتھ زانِتھ مانِتھ ہیکن۔ حالانکہ راسکولنِکا فن تر اوٗ یہِ ونان ونان سونیایہِ کُن نظر نِگرتس اوس نہٕ یہِ غم باسان زِ کتھ آیاتس سمجھ کِنہ نہٕ...... سہٕ اوس تیٚس اندر دزان...... غمن تہٕ مویوسی یہِ اوس پھٹنس واتنووُمت (تس اوس واریاہ کال پزی کانٛسہِ ستۍ کتھ کرنس گومُت) سونیایہِ گوٚو محسوس زِ افسوسچ غمہٕ ہٕژ دگ چھی ووٚنۍ تمۍ سُنٛد عقیدٕ تہٕ ضابطہ بنیوٚمُت۔ ''ے آو پتہٕ الہام...... سونیا'' سہٕ وۄتھ چکھاو ہسان تس کُن ''زِ طاقت تہٕ اختیار چھہ تسی شخصس عنایت سپدان یُس بوٚن کُن نمہٕ تہٕ اتھہٕ تُلتھ نیہ یاد بھرڈنگ دینک جرأت کرِ تہٕ اتھ کھالتھ انہِ۔ اتھ منز چھہ صِرف تہٕ صِرف اکھ جرأت آسنک ضرورت۔ یہِ چیز چھہ اتھ منز اہم...... ے آو یہِ اکھ خیال زندگی منز گوڈنچہ لٹہِ ذہنس اندر...... ے برونٛہہ چھنہٕ کانٛسہِ از تام یتھِیُک خیال آمُت۔ بالکل نہٕ کانٛسی۔ سُہ ہو گاشکوٚ یِیا تۄہۍ وُچھو تہٕ معلوٗم یا تُہی ہا سینٛز تعجب۔ چھہ یتھ یگن ہُندِس دُنیاہس منز چھنہٕ اکھ فرد تہٕ یتھو روزان یُس یتھ جرأت آسہ تہٕ دِمس تُتھ یعنی طاقتھ بڑا اوٚسے تہٕ سوٚدے آنٛسو تراوِتھ شیطانس نہٕ بازوی تارِ ہے...... ییٚلہ اوٚسُس سُہ جرأت ہاوُن یژھان...... تہٕ یژھتم سوقل گوٚرتھ...... یُس جرأت ہاونہ کہِ غرضہٕ۔ سونیایے چھے اوٚچ گل بنیاد۔

''ہش...... ہش...... زھوپہ کر'' سونیا گیس اگادِ...... سو آس اتھہِ ملان تہٕ ونان...... ''ژٕ چھکھ خدا یس نِشہِ دوٗر یومُت تہٕ تمۍ وولنے ٹاس۔ تمۍ چھکھ ژٕ شیطانہِ ہنٛدِس قبضس منز دیتمُت!''

''گو سونیا! ییٚلہِ بوانہِ گٹس منز ہیٚنہٕ آمُت اوٚسُس تہٕ مےٚ پیٹھ یہِ یمن رازن دُرن ووتھان اوس یہِ اوس تیٚلہِ مےٚ شیطان ورغلاوان!'' ''ہش...... اسان موآس ژٕ چھکھ توہین بکان۔ ژٕ نے چھے نہٕ فکری تر تھ ہیکان ژٕ ونان کیا چھکھ'' اوٗہ میانہٕ خدایا...... اٚمِس چھے نہٕ کیٚنہہ فکرے تِلان!''

"ہے......سونیا......بوٚ چھس نہٕ اَسان......مےٚ چھُ پانس پتاہ مےٚ اوس
شیطان سوار گومُت ییٚمی بوٚ اور کُن پکنوٗوس۔ بالکل سونیا یہے چھےٚ کل بل ذٔلیل اتھ
المناک حادثس پتہٕ کنہٕ۔ مےٚ چھُ یہِ سورُے پتاہ ......مےٚ چھُ اتھ پیٹھ بار بار غور
کوٚرمُت۔ تہٕ تِتھۍ کرانہٕ گژھس منز پتھے اوٗسس بوٚ پانٔنی پانس تہٕ یہِ کتھ فکرِ تاران......لوٚت
لوٚت سوٚت سوٚت کوٚرمےٚ پنٔنس پنٔنس پیٹھ غور۔ بوٚ کیاہ ونے ژےٚ بوٚ کوتاہ بیمار
اوٗسس۔ کوتاہ علیل اوٗسس تمہِ وِزِ۔ مےٚ دوٗپ ہتا ژھنسو بلاے کروزنہٕ روزنٕچ
ژوسبیل تلاش۔ مےٚ ترٛ وواتھ پیٹھ سوچُنے۔ ییٚنہٕ یہِ دیکھ مےٚ کیا گیہِ کانٔسہِ احمقہٕ سٕندی
پاٹھی کھرتہٕ گیم زنگہٕ ہیوٚ رُکن؟ یہِ کام گرمےٚ پننہٕ کنہٕ عقلمند شخصہٕ سٕندی پاٹھۍ تہٕ یہے بنے
یہِ میأنی بربأدی......یتہٕ گری زِ نہٕ خیال زِمےٚ کیا سوچے نہٕ مثالہِ پاٹھی۔ یتھ سوالس پیٹھ زِ
طاقت حأصل کرُن چھا پزٕ بتھ اَکی سُند بنیأدی حق۔ بوٚ اوٗسس پانٔنی پانس سوالس پیٹھ
سوال کران تہٕ مےٚ توگ بوزُن مے اوس نہٕ امیک کہنی تہٕ حق......واقعی اوٗسم نہٕ کانٛہہ
حق بنان۔ یا یتھے کُنۍ ییٚلہِ بوٚ پانس سوال اوٗسس کران زِ انسان چھا زوٗ وٕہنہِ کھوتہٕ
حقیر سوٗنچم تمۍ سٕنزن نظرن منز ہیکہِ زوٗ وِ کھوتہٕ کمتر آسِتھ یُس ہش مُش پاٹھی تتھین
سوالن پیٹھ غور کرنہٕ ورأے امہِ آیہِ پٔنن مقصد پزٕ اونہِ نیر......مےٚ تُل تمن دوٕہن پانٔنی
پانس توس تہٕ پریشان روٗدس یہِ سوٗنچِ سوٗنچِ زِ نیپولین کرِہا یژھ حرکت کنہٕ نہٕ تمیک
مطلب گوٚ وبوٚ اوٗسس محسوس کران زِ پانا نیپولین ژھکھنہٕ۔ مےٚ پیوٚ وخیالاتن ہُند سُہ
سورُے جنگ وبتراوٗن۔ کیاہ ونے سونیا! مےٚ دوٗپ اتھ گیہِ بلاے ژھلنی۔ رُت کیا
چھُ تہٕ بد کیا چھُ، سأری اصول بالاےٚ طاق تھأوِتھ اوٗسس بوٚ محض قتل کرُن یژھان۔
بس پننہِ اوسوٗ دگیہِ باپتھ اوٗسس خون یژھان کرُن۔ ییٚنہٕ نہٕ کانٔسہِ ہُندِ باپتھ۔ مےٚ چھنہٕ
پانس سٕتی تہٕ اتھ نسبتھ اپزٕ وننگ سوٗنچمت تہٕ ژےٚ نِشہِ کیا اپُزونہٕ۔ امہِ قتلہٕ سٕتی کیا فأیدٕ
اوس میانہِ ماجہِ......یہِ سوچُنۍ چھے احمقأزی......یہِ قتل کوٚرنہٕ مےٚ دولت یا اختیار تہٕ

طاقت پراد نکہِ غرضہ۔ یا بنی نوع انسانہٕ ہِندِ کُنہ سوچھہِ باپتھ...... بے وقوفی تہٕ بس...... بالکل کوٗر مےٚ یہِ قتل...... وأحد پننہِ غرضہِ انز کِنۍ...... کأنسہِ ہِندِ فأیدِ باپتھ نہٕ...... بو وا اتنا وا کأنسہِ کانٛہہ سوچھ کِنہٕ زٕلری ہِندی پأٹھی بہمہٕ باقی لۆکھ پننِس زالس منز بند کٔرِتھ تہنٛد رتھ ژٕشنہِ تمیٖک اوس نہٕ مےٚ تمہٕ وِزِ کانٛہہ پروایا...... پوٗنسہٕ تہٕ اوٗسس نہٕ بو یژھان سونیا! یِیلہِ مےٚ یہِ خون کوٗر مےٚ اوس نہٕ روپیہِ حأصل کرنٕک تیٖوٗ تاہ وسہ یُوٗ تاہ مےٚ بدل کیٚاہتام...... مقصد اوس...... سُہ توٗ رمےٚ ووٗنی فکرِ...... ژٕ کرمےٚ سمجنٛج کوٗشش!'' ووٗنی چھُنہٕ شاید دُبارٕ زانٛہہ قتل کرنٕک سوالے ووتھان...... مےٚ اوس بدل کیٚاہتام سرٕ کرُن۔ تمۍ چیٖزن کرنوٗوس بو یہِ خوٗن۔ مےٚ اوس وُچھُن بو تہِ چھُسا باقی لۆکن ہِندی پأٹھی حقیٖر زوٗ وا کِنہٕ اکھ مرد چھُس...... بو ہیکہٕ ہاٹھری دۆر کٔرِتھ کِنہٕ نہ۔ بو ہیکہٕ ہاکینٛہہ حأصل کرنہٕ خأطرِ جکھت کِنہٕ نہ۔ بو تہِ چھُسا زنگہٕ نٹہٕ وُنے کِنہٕ زِ مےٚ چھُ حق پژٕ اوٗنک بُتر۔''

''کانٛہہ مأرِتھ ژٕھنتھ؟ ژٕے چھُیہِ کانٛہہ مأرِتھ ژٕھنٛنٕک حق؟'' سونیایہ موٗرٕ گُلۍ۔

''افسوس...... سونیا'' تمۍ ووٗنُس زٕ یٔہہ کھٔستھ تہٕ کیٚاہتام ونٛج کوٗشش اوس کران۔

اماپوٗز ژھوپے زأنٛن سونہٕ سنٛز۔ ''منز موکر مداخلت سونیا کتھ موژٹھ منزے مےٚ چھے بس اکھ کتھ ثابت دِنۍ کٔرِتھ زِ شیطانن أسکوٗوس بو تہنٛد قتل کرنہٕ باپتھ۔ تہٕ پتہٕ کوٗرُن مےٚ پتھ ظأہر زِ مےٚ پزٕ ہے نہٕ سو وَتھ اختیار کرِنۍ۔ مےٚ اوس نہٕ باقیٖن پٹھ کانٛہہ بجر بلکہ چھُس بو تہِ دوٗیمین لوکن ہِندی پأٹھی اکھ زووا تہٕ بس۔ سُہ اوس مےٚ ختہٕ کران تہٕ ٹانہٕ ژٹان اوے کِنۍ آس بو ژٕے نِشہِ جایہِ پناہ ژھارنہٕ۔ پننِس مہمانہٕ سُنٛد کرا استقبال۔ یوٗ دوے زن بو زوو آسہٕ ہانہٕ تیٚلہ یمہٕ ہا بو ژٕے نِشہٕ؟...... ہنا سونٛچ سونیا...... بوز کھہٕ یِیلہِ بو بجہ ہُنٛد گیوس تمہٕ وِزِ گیوس فقط آزماونہِ...... پژھ کٔری زِ پزٕ رس!'' تہٕ ژٕے نیوٗتھ خوٗن کٔرِتھ!'' تمہٕ ژٕٹ کتھ۔

''مگر مےٚ کِتھہٕ پأٹھی کٔر سو قتل؟ تتھے پأٹھی چھا تیٚلہ مرد قتل کران؟ لۆکھ چھا تتھے

پأٹھی گژھان قتل کرنہٕ یتھہٕ پأٹھی بو گوس...... بو ونے ژےٚ کُنہٕ دوہہ بو کتھہٕ پأٹھی گوس تور...... مےٚ کُر بڈٕ قتل؟ بو ہیکہٕ ہانہٕ...... مگر یہٕ اوس شیطان یَمیٚ بڈ مأرتھ ژٕھنز...... نہ زٕ بو سُے اوس مےٚ سوار...... بس...... سونیا...... بس...... تراوٕ مےٚ پننس حالس پیٹھ...... وونی گو حد......"تِمی وۄننس بدنس زنتہٕ ریے تپلتھ "تراو مےٚ پننس حالس پیٹھ!" تِمی دِتی کھونہٕ وَٹ پننِن کوٚھٹن تہٕ اَتھن منز روٗٹن کلہٕ بند زنتہٕ دادِ ستی گژوژان اوُسس۔

"توباہ...... ژےٚ ہے سخ یزاہ چھے" سونیایہٕ ژٕھٹی باک۔

"اچھا وونی کیاہ پزِ مےٚ کرُن؟ کلہٕ اچانک پأٹھی تھوٚ دٕتلتھ تہٕ نظر تہندِس بُتھس پیٹھ ترٲوِتھ پرژھس تِمی۔ پریشأنیہ تہٕ مویوٗسیہ اُس تِمس زنتہٕ مسخہٕ صورت گرٕمژ "کیٛا پزِ ہی کرُن ژےٚ؟" تس ژٕج کژ بکھ نیرتھ تہٕ ووٹہٕ وٕژتھ تھوٚد۔ تہنزٕ اُچھی یِمن منز اوٚ تام اوٚش بکہٕ اُسی لبجہ زوتنہٕ "ووتھ تھوٚد" (پھیکس ترٲونس تھپھ تہٕ ہُہ ووٗتھ اُتھی ستی تھوٚد۔ سُہ اوس زنتہٕ اُچھن انہٕ گوٚٹ گژھِتھ تِمس مُدے گنڈِتھ وُچھان) "یکدم گوٚو...... تیٚمے دَم...... ژوٗ تس پیٹھ روٗزِتھ کر زمینہٕ سجدٕ تہٕ دِس بوسہٕ کیٛا زٕیہٕ چھبتھن ژےٚ ہۄکر گرٕمژ۔ پتہٕ کرژون طرفن نِمتھ اکھا اکھ سجدٕ تہٕ کژ بکھ دِتھ وَن تمام لوٗکن دٔلوٗ کو یو چھسو خونی۔ عار یتھ سوزی سُہ خدا نُو زندگی یِیسنز حکم عدولی کُرتھ...... وَن گوٚھکہٕ ون،...... گژھکہٕ؟ تمہٕ کوٚرنس سوال سأری ہے پانس اوُسس تھرِ تھرِ ستی الہٕ الہٕ ووٚتھان۔ تہٕندی اتھہٕ زٕ یٚن چیرٕ سان پننِن اَتھن منز تہٕ نارٕ ژھٹہٕ وِنبوٕ اُچھوأ یِسس مُدے گنڈِتھ۔

"سونیایہٕ ہندس اتھ جوٗشس پیٹھ گوٚ وسُہ حأران۔ سوٚ اُس زنتہٕ وجدس آمُت۔ "چون مطلب چھا جیل گژھہٕ؟ سونیا! مےٚ پزِیا سرنڈر کرُن" تِمی پرژھنس مویوٗس گوٚمِتھ۔

''میون مطلب چھُ یِیلہٕ ژٕ سختی تہٕ یِزا برداشت کرکھ تیٚلی ہیککھ پننِ گوناہ چھٲلِتھ''۔

''نہ...... ہرگز نہ...... سونیا بو کرٕنہٕ پُلسس پان حوالہٕ''تٕمۍ ووٚنس۔

''مگر ژٕ کتھٕ گُذارکھ زندگی...... تہٕ روز کھ کمہٕ باپتھ تتھٕ پٲٹھۍ زُوان؟''

سونیایہٕ دِژ کرٕ بکہٕ۔ سو آس وَچھ دگان''چانہٕ یِژھہٕ زندگی ہُنٛد مقصد کیا یِیر؟ ماجہٕ کیاہ ونکھ۔

گُس بُتھ دِکھ تمن (ووٚ ہے تمن بچارٕ بن کیاہ بنہٕ ووٚنی) مگر بو تہٕ وُچھ کمہٕ پاگلازی

ہنٛز کتھٕ چھَبس کران؟ ژٕے موجٕ تہٕ بینہٕ گوڈے ترٲوی ہتی چھتھکھ! میانہٕ خدایہ۔

اُمس کیا زِ باسان اہنز زندگی چھےٚ اہنزٕ ے اُژ، یہٕ کتھٕ ہیکہٕ ہُنہٕ قبرِ ہنٛدِس جنہٕ سٕندی

پٲٹھۍ کُنے زوٚن زندگی گُذٲرِتھ۔ بو چھَبس سونچان ژٕے کیا بنی ووٚنی؟''

''سونیا...... شُری گی موآس لاگان''تٕمۍ ووٚنُس پانیارٕ سان''مےٚ کیاہ گوناہ چھُ

تِہنٛدِ حسابہٕ کوٚر رمُت زِ بو گژھہٕ یورے تمن پان حوالہٕ کرٕنہٕ۔ بو کیاہ ونہٕ تمن۔ یہٕ چھُ اسہٕ

محض وہمہٕ...... تمۍ کیا چھی سوچھٕ گُلی...... تمۍ چھی پانہٕ ساسہٕ وادنفرن تباہ وبرباد کران بیٚیہٕ

چھُکھ تہٕ اکھ کارنامہٕ باسان۔ تمۍ چھی مکار تہٕ فریب کار۔ تمن چھُنہٕ اصولے کانْہہ۔ بو

گژھہٕ نہٕ ہرگز تہٕ تمن برٕ وٚنْہہ کُن...... اٲخر ونہٕ کیاہ تمن...... یِی آزِ مےٚ گرٕ سوقتل تہٕ پتہٕ

ہیوٚکُم نہٕ سُہ پوٚنسہٕ تہٕ خرچاوِتھ بلکہٕ تھووُم کنہٕ پلس تل دباوِتھ؟''تٕمۍ ووٚن مزید تلخ خند

کران''تمۍ اَسن مےٚ پیٚٹھ...... خند کرنم...... دپن یہٕ چھُ بےوقوف...... احمق اُمس

توٚگنہٕ یہٕ پوٚنسہٕ تہٕ ورتاوُن۔ بُزدل تہٕ نادان چھُ...... تمۍ ہیکن نہٕ کتھٕ ہنٛز گوٚجی

زٲنی تھےٚ...... گوڈٕ تمن کیاہ چھُ یہٕ زانٛنگ ضرورت تہٕ...... لہٰذا یزنہٕ مےٚ تمن نِشہٕ

گژھُن...... تہٕ نہ گژھ...... سونیا ژٕ اٲزنہٕ شُر لاگان......''۔

''مگر ژٕ ہیکھنہٕ یہٕ بار وبترٲوتھ...... ژٕے چھےٚ نہٕ تیژاہ چھٲتی''گُلی گنٛڈِتھ

اُسس مویوسی اندر التجا کران۔

''شاید گرٕ مےٚ پٲنی پانس سِتی زیادتی''، غمگین گژھتھ لوٚگ سونچنہٕ''دتس وو تلیو و

احساس ''أغر بو چھس مرد نہ زِ زوٗ و...... مےٚ گرٕ وتر بانبر پان قابل ملامت مانس اندر۔ مےٚ پزٕ حالاتن ہُند مقابلہٕ کرٕنچ کوٗشش کرٕنی'' تہند بن وُٹھن پٹھ پھہلے یہِ بیٚیہٕ نخوتی اسن ترا ے۔

''یہِ چھُ سبٹھاہ گوٚب باریُس نہٕ وبتر أوِتھ ہکلکھ...... بیٚیہٕ تہِ چھے پورٕ وأنس ...... سأرٕ ے زندگی...... وُنہٕ''۔

''بو کرٕ حاٗل وارٕ وارٕ'' کتھ ژٕٹتھ وٗنُس تمیٚ خیالن ہنٛزٕ گتہِ منٛز پیرٕ گرٕ ھتھ غمگین سپدِتھ...... ''بوز منٛطاہ گرٕ ھتھ وٗنُس تمیٚ ''ژٕ کروٕ روے بندیہِ چھُ وکھ حقیقژن پٹھ کتھ کرٕنک ...... بو آسے ژٕ ے ونہٕ زِ پُلسہٕ چھُ مےٚ پتے۔ تم چھی پے کڈان تہٕ مےٚ گرفتار کرٕنی یژھان......''۔

''اوٗ ہ'' پھرٕ بٹھ گرٕ ھتھ ترٕ وو سونیایہِ زہٕ ٹھ ووٗش تہٕ ژٕ جس ودن باک نیرٕ تھ۔

''ژٕ کیاز زِ چھکھ کرٕ بکہٕ دِوان۔ ژٕ ہے أسکھ دپان بو گژھہٕ کال کوٹھری اندر واتُن۔ تہٕ ووٗنی کتھ چھکھ کھوژان؟ بوز...... بو ونے ژٕ ے موخصر لفظن منٛز۔ بو کرٕ نہٕ سرنڈر کینٛہہ۔ بو کرٕ پننہٕ حسابہٕ لڑٕنچ پوٗرٕ کوٗشش تہٕ تم ہکبن نہٕ مےٚ کانٛہہ آزار واتنأوِتھ۔ تمن نِشہِ چھنہٕ کانٛہہ چشم دید گواہ...... راتھ آیوس بو سنگین خطرس منٛز ہینہٕ تہٕ دپیوم بو گوس تباہ۔ اما از چھی حالات بہتر۔ تمن نِشہِ چھنہٕ مےٚ خلاف کانٛہہ تہٕ ٹھوس ثبوت تمن پیشِ نظر ثبوتن ہکبن دوٗ یہِ قسمہٕ مطلب کڈنہٕ یتھ۔ اوے کنِ چھس بو ونان تہند بن اِلزامن ہکہٕ بو پننہٕ آیہِ ول دِتھ۔ ژٕ ے توٗ ریہِ فکرِ؟ بو ہکہٕ آرامہٕ سان پان بٔچراوِتھ...... أغر میٛتہٕ چھُ قونون پوٗ رمُت ...... آ...... تم کرن مےٚ گنہٕ تہٕ قمتہٕ گرفتار...... یہِ چھے وکھرٕ کتھ اگرے تمہِ دوٚہہ گرفتار کوٗرہس نہٕ ...... کرن از پگاہ...... مےٚ اوس پتاہ أزی ما کرن یا وُنی ییٚمہ دمہٕ تہِ ہکبن گرفتار کٔرِتھ...... مگر گرفتار کرٕنک مطلب کیاہ گو...... سونیا تمن چھُس بو تیلہِ ماٗدان یلہٕ ترٕ اوان...... کیاز زِ تمن نِشہِ چھنہٕ مےٚ خلاف کانٛہہ ثبوت تہٕ نہٕ میلکھی کانٛہہ

ثبوت یہِ کتھ چھُسے بوٚ دعویٰ سان ونان......تم ہیکن نہٕ مےٚ مجرم ثابت کٔرِتھ......خأر واریاہ کتھہٕ کرِ......ژےٚ وۄنمے محض ژٕ باخبر تھاونہٕ کہِ غرضہٕ......بوٚ کرِ کوٗشش ماجہِ تہٕ بینہٕ ہنٛدبن کنن تام یہِ کتھ واتناوِنٛچ۔یتھ تمن پتہٕ کانٛہہ پھرٕ ٹھ گرٛشہِ نہٕ......اکھ تسلی چھُم زِ بینہٕ ہنٛد مستقبل چھُ بالکل محفوظ......یوٚ تام مےٚ یقین چھُ......ماجہِ ہنٛز تہٕ چھےٚ نہٕ مےٚ وۄنی کانٛہہ زیادٕ فکر......یتےٚ اوٗسم ژےٚ وُنن......پورٕ حسبہٕ رۄزی زِ تہٕ احتیاط ورتاوی زِ......اچھا مےٚ وَن ییٚلہِ بوٚ جیلس اندر آسہٕ ژٕ یکھہٕ مےٚ تور سمکھنہٕ؟" "اوٗہ ......بالکل......ضرور یمہٕ" ۔تمہِ وۄنس پیٚٹھے ۔

تِم دوشوے پیٚٹھی اکھ أکِس نکھہٕ نوٚکھ......ماتم زدٕ تہٕ سٹھاہے افسردٕ زنتہٕ کٔمی تام طوفانن تھوٚد تُلِتھ کُنہٕ وأرانہٕ کِس بٔتھِس پیٚٹھ ٹاس کٔرِتھ تنہا دأرِتھ دِتی ٕتی آسی......تمی ترٛ اوسونیایہٕ ہنٛدِس بٔتھِس کُن نظرا تہٕ محسوس کوٚرُن تمس بچارِ کوتاہ سرٛ بہہ چھُ تو ہنٛد......یہِ کیٛتھ وۄنی باسہِ تو ہہِ تعجبے زِ تسنٛز بیرٕ مالے وُچھتھ آیس وأنٛج پھٹنس تہٕ وُچھس وُژھس تچھِنی۔عجیب تہٕ وحشت ناک رینےٚ تیلے یس سأری ہے بدنس......ییٚلہِ سُہ سونیایہِ سمکھنہِ یوان اوس وَتی اوس سونچان زِ سونیا چھےٚ تہنٛز وأحدستھ۔یتھ دُنیاہس منٛز۔ تمس أس ووٚمید زِتس نشہِ وأتِتھ لو تبس ہنا بوس تہٕ ووٚشو ہیوکڈ مگر ییٚلہِ تٔمی وُچھ زِ تو ہنٛد دِل پھیوٚ رژکہِ پیٚٹھہٕ أمی ٕسنٛدِ حقہٕ تمہِ ٕستی تہٕ گوٚ وُسہ تیوٚ تاہ ووداٗسی ییمیٚگ نہٕ اندازے ہیکہِ سپدِتھ امہِ سببہٕ باسیو وتس دفعتاً سُہ چھُ بڑ وہمہِ کھوتہٕ زیادٕ ناخوش۔"سونیا" تٔمی وۄنُس "مےٚ چھُ باسان ژٕ یی زِنہٕ مےٚ جیلس اندر سمکھہٕ نہٕ......تی روزِ بہتر۔"

سونیایہِ وۄنُس نہٕ درجواب کہنی......تس أسی ہکی گرٛشان......کینٛہہ منٹ گذریے أتھی حالتس منٛز۔

"ژےٚ چھُیہِ کراس نالی کنہٕ کہنی نہٕ" ہنگہٕ منگہٕ امیٚک خیال۔یتھ پرٕ ژھس تمہٕ تمس توٚرنہٕ گوڈ یہِ سوالہٕ نکرِ۔......

''نہ......بالکل نہٕ کہنۍ......''

ژےٚ کتہٕ آسی ......ہنہ......رٔژھ یہٕ اکھ صلیب......یہٕ چھُ سرٕ وچہٕ ہُنٛد۔ مےٚ چھُ بیٚیا کھ ترا مو بچار لزِ واتایہٕ ہُنٛد ......یہٕ کریو واسہِ ادلہٕ بدل۔ تمہٕ دیُت پٔنُن صلیب مےٚ تہٕ مےٚ دیُت پٔنُن تمِس ......میٲنِس اُس حضرت مسیحؑ سنٛز مقدس تصویر تہٕ......ووٚنۍ تژ اون بولزِ واتایہٕ ہُنٛد کراس نالہٕ تہٕ ژٕ رٔژھ یہٕ میون......رٔژھ......رٹان کونہٕ چھُکھ...... یہٕ چھُ مےٚ پٔنُن۔ ذٲتی چھُم۔ ژےٚ ونیہ اپزٕ'' تمہٕ کوٚرُس زار پارٕ صلیب قبول کرنہٕ باپتھ'' اُسی دوشوے روزواکھ اُکی سِندِس دوکھس سوکھس شریک۔ دوشوے ترٲو وےٚ ہے وعدٕ کٔرِتھ یکوٹہٕ صلیب نالہٕ'' وولہٕ اَن'' رٔ اسکولنٕ کافن ووٚنُس۔

سُہ اوس نہٕ سونیایہٕ ہُنٛد دِل پھُٹراوُن یژھان مگر وٕلی نیٚوٗن ''صلیب'' رٹنہٕ باپتھ بژ وٕنٛھ کُن اوٗ نمُت اتھ بیٚیہ پتھ۔

''نہ......نہ......وُنہٕ نہٕ......بہتر روزِ تامتھ ٹھہرُن......آ......بیٚیہ کُنہِ ساعتہٕ'' تٔمۍ ووٗن سونیایہٕ ہُنٛد دِل رچھنہٕ باپتھ۔

''ٹھیک چھُ......ٹھیک چھُ'' تمہٕ پھِرۍ بڈٕ اعتمادٕ سان بیٚیہ یِم الفاظ'' یِیلہِ ژےٚ باسی زِ ژٕ چھُکھ پریشان کُنہِ تکلیفس منٛز تمہٕ وِزِ تژ اُوی زبن نالہٕ......ژٕ ییٚزٕ مےٚ نِشہِ تہٕ بو تژ اوٚوے پننہِ اتھہٕ نالہٕ......اُسی منگو دُعا تہٕ نیرو یکہٕ وٹہٕ۔

اُتھی موقعس پتھ کوٚر کٔمۍ تام ترٛیٚیہ پھِرِ دروازس ٹھک ٹھک......صوفیا...... مےٚ چھا اندر اژنس اجازت؟'' کوٚس تانۍ ویٚزِ تہٕ نرم آواز گیہ تمن کنن۔

سونیا گیہ پھرٛیٹ گرٕ ہتھ بٔدی دروازٕ مُوراونہِ۔ تہٕ لتہٕ وُچھن دروازس پٔتھ کلہٕ کھار کرٕتھ لیباز تنکوف یُسنٛد کاژرمس لنہٕ گٹہٕ منٛز ناپان باسیوس۔



# (۵)

لیباز تنکوف اوس سخ گابریومُت۔

''بوٗ آس چانی موجُب ،صوفیا''،تمۍ کوٗر کتھہِ ہُنٛد ڈسلابہٕ''جناب مےٚ دِیِ زِ بوٗ معأفی مےٚ اوس پتاہ ژٕ تہٕ سمکھکھ مےٚ ییتی''رٲسکولنکافس کُن مخأطب سپدِتھ ووٗن تمۍ مزید'' مطلب......توٚہۍ کڈی زبوٗنہٕ یوٚت ینٛگ کانٛہہ بدل مانہِ ۔مگر مےٚ باسیوو ......کیٹرینا چھےٚ شاید دمأغی گمٕژ''۔رٲسکولنکافس پٔتھہٕ نظرٕ ہٹأوِتھ تہٕ سونیایہِ کُن وُچھِتھ ووٗن تمۍ بانٛبرِ بانٛبرِ۔

سونیایہِ ژجہِ کرٕبکہٕ نیرِتھ۔

''باسان چھُ یی......مگر......اسہِ چھُنہٕ مولوٗہے زِ تٔہندس موقعس پیٹھ کیاہ کرو۔ سوٗ آیہِ پتہٕ واپس مگر باسان چھُ کتہِ تام چھکھ دکہٕ دِتھ کڈٕمٕژ۔شاید چھُہس شلکھ کوٗرمُت ۔کم از کم چھُ توٚہنٛد حال وُچھِتھ تی باسان......سوٗ اُس چأنس مألی ہنٛدِس افسرس تہِ سمکھہٕ نہٕ گمٕژ۔سُہ چھُنہٕ گراوسمُت۔سُہ چھُ کستام جنرل ہنٛز پارٹیہِ منٛز اوسمُت۔ دعوت چھس اُسمٕژ۔اِدٕ سوٗ چھےٚ تورۍ سیٚدٕ پمٕژتس جنرل ہنٛز کوٹھہِ پیٹھ۔سوٗ چھےٚ چھکرس چأنس مألی ہنٛدِس افسرس سمکھنس منٛز کامیاب تہٕ گمٕژ۔سُہ چھُن ڈایٔنِنگ ٹیبلہٕ پٔٹھہٕ نبرانہٕ نوومُت تُلِتھ۔تی چھُ فکرِ تران۔ژٕ ہیٚکِکھ پانے اندازٕ کٔرِتھ سپدٕ مُت کیاہ آسہِ۔ سوٗ چھکھ تتہٕ واپس کڈٕمٕژ لتہٕ کرٕ بم کٔرِتھ۔سوٗ ے چھےٚ ڈلیلاونان۔تس چھُن لکہٕ کجھٕ تہٕ ییہِ کیاہ تام چیز لویمُت۔یہِ چھُنہٕ تس نشہِ تعجب تہٕ......سوٗ کیاہ زِ چھکھنہٕ رٔٹِتھ ہیمٕژ لمہِ حسلہٕ مےٚ چھُنہٕ کہنۍ بوزُن تگان۔ووٗنی چھےٚ سوٗ اکہِ اکہِ سارنے ڈلیل ونان۔ایملیایہِ تہٕ۔

ووٚن گوٚو سوٚ چھےٚ کرٛ بکہٕ دِوان تہٕ لبلہٕ کران۔ پانس دَب کڈان۔ ہورِ یور کران۔ کلہٕ ٹھاسوان امہِ کِنی چھےٚ نہٕ تہنٛز کتھ صاف پأٹھی فکرِ تران...... سارِ وے بوٚز تہنٛز ذلیل تہٕ ترٛ أوِ کھ أتی...... ووٚنی چھُ باسان سوٚ تُلہِ شُر بن ہتی تہٕ نیرِ۔ اتھہٕ باجہِ یا نگارِ ہیتھ سرٛکہِ پیٹھ تہٕ شُر بن ہمراہ کرِ بچہِ نغمہٕ گرِتھ پونٛسہٕ جمع...... دپان دوہے آسہِ تہنٛز کنوٚ یر تل تماشہِ لاگان...... یُتھ پرٛ ہتھ أکِس فکرِ ترِ خانہٕ مالین ہُنٛد حال بد...... یمن مول اکھ افسر اوس تمے چھی ووٚنی وتہِ ہیٛچھان۔ سوٚ چھےٚ شُر بن زدوکوب کران تہٕ تم چھی چھأرِمہِ اسمان کرٛ بکہٕ دِوان...... سوٚ چھےٚ لدائیہ "میون گام" بأت گیوٚن ہیٛچھناوان۔ کٔٹس تہٕ پالنیکایہِ ژٛن ڈالہٕ ہیٛچھناوان۔ تمہِ کرِ سارِنے پلون ترٛ پچہِ تہٕ تمن چھےٚ اداکارن خأطرِ لوکچہٕ لوکچہِ ٹوپہِ بناوان۔ أتھی چھی دپان واینہٕ خأطرِ تُلہٕ ٹین یتھ ترٛ نوترٛ نو کرِ اتھ باجہِ بدلہٕ...... سوٚ چھےٚ نہٕ اکھ کتھ تہِ بوزان...... توٚ ہی گرِ وحالاتن ہُنٛد پانے اندازِ لمہِ اپور چھا کانہہ حد اپتہٕ۔

لیباز تِنکوف تھاوِ ہے وُنہِ کلامہٕ جأری مگر سونیا یوٚسہٕ یہِ ذٔپِ زِنہِ۔ شاہ بند گرِتھ ہمہ تن گوش تہنٛز کتھ بوزان أس گیہِ یکدم چوغہٕ تہٕ ٹوٗپِ تُلنہِ تہٕ أتھی ہتی درایہِ کمرِ نمبر۔ ژلان ژلان ترٛ ووٗن چوغہٕ نالہٕ تہٕ دِژٛن ٹوٗپِ گلس۔ رَاسکولنکاف سیٚدیوٚس پتے تہٕ لیباز تِنکوف تہِ دراو تمِس پتہٕ پتہٕ۔

"سوٚ چھےٚ پزی پاگل گٔمٕژ" سرٛکہِ پیٹھ پکان پکان وۄن تمی رَاسکولنکافس "بوٚ اوٚسُس نہٕ صوفیا کھوٗژِ ناوِنی یژھان۔ توے وۄنم "باسان چھُ" مگر اتھ منٛز چھےٚ نہٕ شکھ کانٛہہ گُنجأیِش تہِ۔ دپان سِلہٕ بیمارِ منٛز چھُ بعضے دِماغس تہِ دق گژھان۔ چونکہِ مےٚ چھُنہٕ طبابتہٕ کِس مأدانس منٛز کہنی تہِ پتاہ مےٚ چھُ پانس امیٛک سخ افسوس۔ مےٚ کرےٚ تس تسلی دِنٛچ سخ کوٚشش مگر تمہِ بوٗزنہٕ اکھ کتھ تہِ۔

"ژےٚ ماوۄنتھس تپ دِقس عبتھ کینٛہہ؟"

"نہٕ تپ دِقُک وۄنمس نہٕ کینٛہہ یتھہٕ پأٹھی...... ییٚہِ سوٚ کتہِ بوزِ ہے تہٕ تس کیٛا

ترِ ہے فکرِ!۔ مگر بوونے اکھ کتھ اگرے ژٕ کانٛہہ ڈلیلہٕ دِتھ کانٛہہ کتھ مأنی راوِہن تہٕ ونہس چخ چخ کرنُک چھُنہٕ حاجتھ سو کریہِ چانہِ ڈلیلہٕ ستی کژ بکہٕ پچھہٕ بند۔ مے چھُ یِ تران فکرِ ......ژیتہِ چھےیہِ پڑھاتھ پتہٕ زِسو کرِ وِدٕ روے بند"۔

"اگرے یِڑھ کتھ آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے زندگی سہل تہٕ آسان"' رَاسکولنکافن وۄنُس در جواب۔ "مےٚ دِی زِ معأفی ......مےٚ دِی زِ معأفی یہِ ونس پتہٕ زِ کیٹرینایہِ خأطرٕ چھُ انتہأیی مشکل کتھ سمجھنٕ۔ مگر ژےٚ چھُیہِ پتاہ فرانسس منٛز چھُ سنجیدٕ پأٹھی تجربہٕ کرنہٕ یِوان یہِ کتھ کھرٕ کرنہٕ باپتھ زِ شقہٕ ڈلیلو ستی کوتاہ امکان چھُ پاگلن ہنٛدِ علاج کرنُک؟ تَتہِ اوس اکھ پروفیسر، تھدِ پایُک مونٛمُت زونٛمُت سائنسدان حال حالے موٚد سُہ، یِتھی طریقہ علاج کینٛہ امکانن اندر پڑھ تھاوان۔ تسُنٛد خیال اوس زِ درحقیقت چھُنہٕ وُسخانن ہنٛدِ بناوٕنکس نظامس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ پھیرٕ آسان تہٕ یہِ پاگل پن چھُ یتھ زن ونو اکھ منطقی غلطی، نتیجہِ اخذ کرنٕچ غلطی، حالاتن ہُنٛد غلط جأیزٕ ہینٕچ غلطی۔ رفتہٕ رفتہٕ ہأوٕ تٔمۍ پاگل نفرس تسنٛز غلطی کیٛاہ أس، تہٕ ژٕ کر کھہٕ پڑھ، دیان سُہ گوٚ و مقصدس منٛز کامیاب؟ چونکہِ تٔمۍ چھُ آبہٕ پچکاربن ہُنٛد تہِ استعمال کوٚرمُت تمہِ طریقہ علاجہِ ستی کوتاہ کامیاب روٗ دسُہ تہِ چھُنہٕ نتیومُت ......خأرہو کتھ چھےٚ کم از کم نیمٕژ"

رَاسکولنکاف اوس نہٕ خبر کرٕ پتہٕ کتھے بوزان۔ تتھ مکانس نِشہِ وأتتھ ییتہِ سُہ روزان اوس کوٚر تٔمۍ لیبازتنکوفس کلہٕ ستی کیٛاہتام اِشارٕ تہٕ ژاو گیٹہٕ اندر۔ لیبازتنکوف گوٚ وہُشیار رہیوٚ، أنٛدی پکۍ ژھورُن سُہ تہٕ رٕژن وٕلی پننی وَتھ۔

رَاسکولنکاف ژاو پننِس کوٚ کرٕمُرِس ہوس کمرس اندر تہٕ روٗدسےٚ منٛزس وودنہِ۔ سُہ کیاز زِ سنا آو یورینیہِ پھیرٕ تھ؟ تٔمۍ دِژ لبن ہنٛدِس ذرد تہٕ ژھینٛژ مِتس کاغذس کُن نظراہ۔ گردِتھن تہٕ صوفس پننس کوٚرُن وچھُنا ......آنگنہٕ منٛزٕ گوٚ و دروازس زورٕ زورٕ ٹھک ٹھک گُستام زن اوس پرٛدب والان ......سُہ دراوٚ دِنِ کُنہٕ نظر دِنہٕ باپتھ۔ سُہ وۄتھ

کھورٕ ٹینڈ ہن پٹھ تہٕ گردن نبر کڈِتھ اوس واریاہس کالس سٕنٛز پاٗٹھۍ توجہ دِتھ نبر کُن وُچھان ...... مگر آنگنس اندر اوس نہٕ کہنٛہ تہٕ اُمِس پژی نہٕ نظرِ ے زِ وُچھِہ ہے کُس چھُ نیٚبرٕ ٹھسرارے کران۔ مکانہٕ کِس کھوورِس طرفس کُن وُچھِہ تٔمۍ کینٛہہ دارِ یلے۔ دارڈ بن ہند ہن دمن پٹھ تندلہِ تھاونہٕ آمتین گملن منٛز سجاوٹی پوش اَسی مونیمتی باسان۔ دارِ پردٕ اَسی نیٚبرٕ کنۍ آویزان ...... یہِ سورُے وُچھِتھ زن دِل چھٔند رِتھ پیوس۔ سُہ ڈوٗل اتبتھ تہٕ بیوٗٹھ صوفس پٹھ خبر کمہِ حالہٕ۔

تمِس اوس نہٕ زہنٛہ تہٕ وُنیستام پان یوٗتاہ تنہا باسیومُت امہِ بیہ تہٕ ہریوو!

خبر! تس باسیوو شاید گژھِہس بیٚہ تہٕ سونیایہِ ہنٛزِ منہِ مچھِ خاص کٔرِتھ یلہِ ووٗنی سو زیادے بانبرأ وِتھ آو۔

''سُہ کیازِ گوتور۔ تسا اؤشک خاٗراتھ منکہٕ؟ ضرورت کیا اوس تہنٛزِ زندگی منٛز تہٕ زہر برنک۔ بیٚہ سنٛزِ زندگی منٛز کرِ چھر پاٗدٕ کرُن! اوٗہ ...... یہے گیہِ دراصل کمینگی۔

''بوٗ روزٕ تن تنہا'' تٔمۍ ووٗن محکم ارادِ کٔرِتھ'' تہٕ سو کیازِ بیہ جیلس اندرے سمکھنہٕ!''

نہٕ ہرگز گژھِہ نہٕ تِنۍ!''

پاٗنژھ منٹ گژھِتھ تُل تٔمۍ عجیب اندازٕ وُٹھ گمناوِتھ کلہٕ تھوٚد۔ واقعی اوس تس اکھ عجیب خیال آمُت۔ ''شاید آسہِ جیلس منٛز زندگی بیٚتہٕ کہِ کھوتہٕ بہتر۔'' یکایک آس یہِ خیال۔ تس توٚرنہٕ فکری زِ تنبتھ کِتس کالس اوس سُہ تتھے کٔنۍ اکہِ بالہٕ کھسان تہٕ بیٚہ بالہٕ وَسان روٗدمُت۔ غار واضح اوٚیدی خیال اُسِس دُبماغس وُترٕ بُنیٖل ٹلان۔ اُتھۍ منٛز گوٚ اچانک پاٗٹھۍ درواز یلہٕ تہٕ اورٕ ژٲیہِ دونیا اندر۔ گوڈٕ کوٚر تمہِ دروازس پتھے رژھہِ کھنجہِ قرار تہٕ روٗزتس مُدے گنڈِتھ وُچھان براہٕ تتھے پاٗٹھۍ یتھٕ پاٗٹھۍ تمۍ سونیایہٕ سِتۍ کرے یوٚ۔ تمہِ پتہٕ ژٲیہِ سو اندر کُن تہٕ بیٹھ برابر تتھۍ یوچہ جایہِ کُرسیہِ پٹھ بُتھ تسٕنٛز کُن

کٔرِتھ۔ سُہ رۄ دژھو یہ کٔرِتھ تس بۄ زی تو ژھر بو نظر وۆ چھان۔

''بابہٕ ناراض گژھی زِنہٕ کینٛہہ۔ بو آیس فقط اکہِ منٛٹہٕ باپتھ یور'' وۄنُس دونیایہ بُتھہِ اُس کیاہتام سونچان باسان مگر پریشان نہٕ کینٛہہ۔ اٲچھی آسس ناپان مگر پُرسکون باسان۔ تس تۆ رفکرِ زِ سو تہِ پچھےٚ تس لول بران۔ سخ ٹوٗٹھ چھُس۔

''بابہ ووٗنی چھُ مےٚ سورُے مولوٗم..... بٲنہ بٲنہ..... دِمترین وۄن وبڑھناوِتھ مےٚ سورُے کینٛہہ..... تم چھی ژےٚ احمقانہٕ تہٕ قابل نفرت شکہٕ پراچہ بنیاذ پیٹھ پریشان کران..... دِمترین وۄن کھوژنک حاجتھ چھُنہٕ کینٛہہ۔ کانٛہہ غم چھُنہٕ..... تہٕ ژٕ چھُکھ بٔلی کھوژان۔ میٚتہٕ چھُ باسان ژےٚ پزی نہٕ اتھ پننٮ۪ غلط تاویل دِتھ خوفہٕ ستی پان یوٗتاہ شُسراوُن۔ مےٚ چھُ تران فکرِ ژےٚ کوسہٕ حالت آسی گٔمژ۔ تم دِتی مہٕ چانہِ بلایہٕ۔ ژٕ آسکھ اٲمی أنٛدرٕ ری نارن زٲلتھ تہٕ وومُت لگیہ بلایہٕ ژھن اتھ طیشس بلاے یہِ کری وُمبرِ خاطرٕ تباہ۔ مےٚ چھُ چانٛی حالت وُچھِتھ وہمہٕ گژھان۔ ووٗنی یۆ تام زن اسہٕ ستی چانہِ جانبہٕ تعلقات ژھنک سوال چھُ۔ دراصل ہیوٚک نہٕ مےٚ چون حال ژیٚتر تھےٚ۔ مےٚ کٔرنہٕ چون حال زانٛنچ کوٗشش تہِ۔ مےٚ دِی زِ معاٲفی بوٲ ستھ ژٕ قصوروار زانان مےٚ چھُ محسوس گژھان زِ خدانخواستہٕ اگرے میٚتہِ یژھ پریشانی آسہِ ہا۔ بو تہٕ روزٕ ہا پزٕ بتھ کانٛسہِ نِشہِ دوٗرٕ ے۔ بو ونے نہٕ ماجہِ اتھ نسبتھ کینٛہہ تہِ البتہٕ روزٕ بدستوٗ رپاٹھی چانٛی کتھ ٹلان تہٕ تس ونان زِ ژٕ واتکھ جلدی واپس۔ ژٕ بٔری زِنہٕ تمۍ سُند کانٛہہ واے۔ ووٗنی گوٚو آلو تھےٚ تہٕ آوی زبن نہٕ ووٗنی۔ مزید پریشان گٔری زبن نہٕ۔ کم سے کم یتہٕ تورا کہِ لٹہٕ تس سمکھہٕ نہٕ اٲخر سوے موج چھےِ تہٕ پزی یادتھاوُن۔ خاٲر بو آیسے ژےٚ محض یہ کتھ ونہٕ (دونیایہٕ ہیوٚت اُتھی ستی وۄ تھُن'' اگرے ژےٚ میون ضرورت پےٚ یی..... میون زۄ تہٕ اگر لگی..... یہ کینٛژاہ ضرورت پےٚ یی..... مےٚ دِی زِ ناد..... شیٚچھ سۄ زی زبم..... بو دِمہٕ نہٕ تاٲرتہِ واتنس۔ بس۔ بس مٲلہِ بابہٕ۔ خدا گٔری نہ ٲچھی!''

سو پھیر أتھۍ ستۍ بُر بتنہٕ ہنٛدۍ پأٹھۍ پتھ گٔن تہٕ درایہِ دروازس کُن۔

''دۄنیا!'' رَاسکولنکافن لوٗیُس ناد۔ سو ٹھہرے یہ تہٕ رَاسکولنکاف گوس بڑونٛھہٕ کنہِ اِستادٕ ''سُہ رَازومنہن، پراکوفچ المعروف دِمتری بچور چھُ بہترین انسان''۔

''دونیا یہ پھیۄرووشلُن۔

''اِد کیا زِ؟'' رژھادم دِتھ پرٛژھس تمہِ۔

''سُہ چھُ لائق، محنتی، ایماندار تہٕ حقیقی لول ورتاونہٕ ینٛس اہل......خدا حافظ دونیا''۔

''دونیا۔ گیہِ وۄنۍ ج نارہش ستۍ زنتہٕ بیٛدار گژھتھ پرٛژھنس۔

''مگر بایہ......امیُک مطلب کیاہ چھُ؟......أسۍ چھاوُمبر پیٹھ اکھأ کس نِشہِ ڈُھبہٕ گژھان تہٕ...... ژٕ چھُکھ مےٚ پنٕنۍ آخری وصیت کران۔

''موآس غم ہوان......خدا حافظ''

سُہ ڈوٗل أکس طرفس کُن تہٕ دراوداریٕ کُن۔ تمہِ کوٚر برٛزنس کھنٛڈس أتی قرار۔

بے قرأری منٛزتر أونس نظراہ تہٕ پھُٹۍ متو کوٹھو دراپہ نبر۔

''نہ......تمۍ ہونہٕ شٹھنیارتس ستۍ۔ باسان اوس (أخرس پیٹھ ییٚلہِ نابرٛ وٛنھہ کنہِ استادٕ گوس) زِ سُہ رٹہِ تس کوم کرِتھ نالہٕ متہِ تہٕ اتی دلیس روخصت تہٕ کتھ تہٕ ونہٕ ہس۔ مگر تمۍ کرنہٕ تس ستۍ اتھواس کرنٕچ تہٕ ہمتھ۔

''سوٗ ہےٚ پیٚیہِ پتہٕ چھنٛتھ ییٚلہِ یاد پیٚیہِ ہس یوٗ دنالہٕ موٚت کرِتھ رچے یم سینس ستۍ۔ تہٕ موٚحسوٗس گوٚھ ہس ماہ تہٕ میٹھۍ ہرگاہ کرہس''۔

''بیٚیہِ ہیکیاہ سو اتھ آزمایشہِ دٕرِتھ؟'' سُہ اوس کینٛہہ منٹ گژھتھ پأنۍ پانس ستۍ کتھہٕ کران ''نہ سو درِہے نہٕ۔ أمِس ہش کورِ چھےٚ نہٕ پرٛژھن بلاین تن دِتھ ہبکان۔ یۄٚت جگرٕ کتہٕ کرِ۔ ہرگز نہٕ''۔

اُتھی منز آس سونیا یہِ ہُنٛد خیال۔

دارِ کنی ژایہِ تاز ہوا گژ ایا اکھ۔ دوہہ اوس لوسُن ہوان تمٕی تُج ٹوپی اتھس کیتھ تہٕ دراو کُٹھہِ نیبر۔

تمِس اوس نہٕ یہ خیال تہٕ نہٕ اوس سوٗنچِ تھیٚو ہرکان زِ سہٕ کوتاہ کاہل اوس۔ اٲخر یوٗ تاہ ژھینہٕ رۆس دِماغی تکلیف تہٕ حدٕ رۆس پریشانی کیتہِ روزِہے تسنٛدِس صحتس پیٹھ اثر ترٛاونے۔ گوٚژھتہٕ سہٕ تپہِ منٛڈیو ستی پتھر پیومُت آسُن مگر تو ہنٛد اندرونی دباوٕ اوس تس زنگن اورِ یورِ کرنٕچ توژھ برقرار تھاوِتھ تہٕ امی بناہ کنی اُسس پانژوے حِس برابر کام کران۔ مگر بناوٹی پوشن چھا مشکل آسان تہٕ بناوٹی جوش تہٕ جذبہٕ کیتہِ اوس زیادٕ کالس پوشن وول۔

سہٕ رۆو دپلی ہورِ یور کران۔ ہُپارِ اوس اختیاب لوسان۔ پتہٕ موو دوہو پیٹھہٕ اُس تس عجیب پریشانی دوہہ لوٚسی تھیٚو نال وَلان یہِ اُس نہٕ تیٚژ اہ دِل زالن واجینٛز اماپوٚز باسان اوسُس وِمبرِ روزِیس دامنگیر۔ امہِ کس ابدی یتس اندر اوس نہٕ کانٛہہ شک، تس اوس باسان یہِ پریشانی یمہِ اُہنز زندگی منز شٕٹھیار کوٚر پاد کرِ ینہٕ والین وٕرِیین خاطرٕ تہٕ اُہنٛدِ باپتھ بے منزگی پادٕ۔ تسنٛد اوٚندر اوس یخ بِلہِ وٕٹھ ہیوٗ گومُت باسان۔ یُس تس پانس پیٹھ کنہِ پہاڑ ہیوٗ آویزان باسان اوس تیمِی زمینس تہٕ آسمانس درمیان مُعلق تھوومُت اوس۔ شام سپدو نُے اوس تس امیُک بار عام پاٹھی تل ہوان تہٕ ہسر ٹلان۔

امہِ احمقٲزی ستی یوسہٕ محض اکھ جسمانی کمزوری چھےٚ یمیُک تعلق دوہہ لوسنس یا بِنیہِ کنہِ ستی آسہِ ہیکہِ انسان کانٛہہ تہِ بے وقوفی کرِتھ۔ ژسید یوکھ دونیایہِ تہٕ سونیا یِہ نشہِ ''سبٹھے کرِ تھرِ سان اوس سہٕ پانٕی پانس ستی ونان۔ تس گوکھن کُستام اوس نادلایان۔ تمٕی دِژ پتھ کُن نظر۔ اورٕ اوس لیباز تنکوف دَوان تس کُن یِوان۔

''اوٗہ کینٛہہ مہٕ پرٛژھ۔ یوآیوسے ژٕے کمرس منز ژھارنہِ...... مگر...... کہنی

موپژ ژھ۔سوچھےٚ پننہٕ چالہٕ پیٹھ عمل کران۔تمہٕ کُڈی شُری پانس سِتی۔سوچھےٚ اکھ کژاے وایان تہٕ اپجی دُھنہٕ پیٹھ شُربن ڈانس کرناوان۔شُری چھی کژبکہٕ تہٕ چکھہٕ دِوان۔ژُوتین تہٕ دُکانن پیٹھ چھی ٹھہران۔بے وقوف تہٕ نادان لوٗکن ہنز جماتھا چھکھ پتہٕ پتہٕ پکان۔پکھ...... پکھ مےٚ سِتی ؤلی!"۔

"تہٕ سونیا کتہٕ چھےٚ؟" رَاسکولنکافن پرٛژھنس پریشان حالی اندر۔باثبرٕ باثبرٕ اوس سُہ لیباز تنکوفس پتے دوران۔

یہٕ گیہ سیوٚد پاٹھی پاگلازی۔میون مطلب چھُ صوفیانہ کینٛہہ مگر کیٹرینا ایوانو نایہ چھےٚ واقعی ٹنگہٕ ڈجمژ حالانکہ صوفیایہٕ تہٕ چھی نہٕ کاڈی کام کران اماپوٚز کیٹرینا چھےٚ بالکل دیولنہٕ گمژ۔تمن کرن ضرور پُلس حوالہٕ۔ژ سونچ پتہٕ رٔژھ دِقتھ گژھہٕ......تم چھی وُنی کبس کولہٕ بٹھہٕ پیٹھہٕ کدلس نکھہٕ وأتی متہٕ۔بالکل صوفیایہ ہنٛدس ڈیرس نزدیکے زیادٕ دوٗر چھنہٕ کینٛہہ"۔

کولہٕ بٹھہٕ رٔس کڈلس پیٹھ ییتہٕ پیٹھہٕ سونیایہ ہنٛدس ڈیرس تام منٛز زمکانہٕ تہٕ چھنہٕ اوس لُکہٕ ارساتھا جمع گومت زاستراسی ییے لنڈشری۔کیٹرینایہٕ ہنز بگر آواز اسی کدلہٕ اپارٕ تہٕ بوزان۔لُنڈن تہٕ دربدربن خاطرٕ چھُ یہ دلکشی ہُند عجیب تماشہٕ۔کیٹرینایہٕ اسی پژانی پلونالی تہٕ پھیکین پیٹھ اوسُس سبز شال کلس اسس پژاجہ تجبن ہنز ٹوپہ زٔٹ دِتھ یتھ اکھ اند تژ انژھہٕ وتھمت اوس۔تس آسہٕ پژی ٹنگہٕ ڈجمژ۔تھکتھ پھٕٹتھ اس لوٗستھ پیامژ۔شہے اوسُس نہٕ کھسان۔دیق زدٕ بتھ اوسُس بژ وُنہمہٕ کھوتہٕ زیادٕ سژنی تہٕ ٹٔی پاٹھی تژ انژھہٕ وتھمت۔گینہٕ آسس سژنیمژ۔تِنس تاپس منٛز چھُ دیق زدٕ بیمار زیادے کاہل باسان تمہٕ بہ نسبت زیٚیلہٕ سُہ گرس اندر آسان چھُ۔مگر امہٕ سِتی گییہ نہٕ کیٹرینایہٕ ہنٛدس جوشس تہٕ تیشس منٛز کانٛہہ کمی بلکہ اس سو زیادے کھہرنہ کھسان۔سو اس شُربن کھینہٕ وتھان۔بوارٔی کران تہٕ لوٗکن ہنٛدس جمگھٹس اندر

تِمن نزٕ نکی وِل ہیچھناوان۔ کمہِ آیہِ چھُکھ نژُن کُس بٲت چھُکھ گیوٗن تہٕ کیاہ زِ؟ تہٕ اُسکھ پرٛ بتھ اَکس تھی سمجھاوان یہِ کیاہ زِ چھُ ضروری! چونکہ تِم اَسس نہٕ سمجھان امہِ کِنیٚ اُس تنگ یِوان تہٕ شرارتس منز اُسکھ شلکھ کران...... پتہٕ اُس کُنی دَو لوٚکن گُن نِوان۔ اگرے وُچھن کانٛہہ جان پلو پوشاک لاگِتھ نفرتہٕ لوٚگ کھور ٹھہراوِتھ وُچھنہِ۔ تس اُس زارِ پار کرِتھ اَکس رژھہِ یتھ کتھہِ سننہٕ باپتھ گلی گنڈان زِ کمن حالاتن منز واتی یم خانہٕ مالی دٔپو اکہِ اعلیٰ گرٕ کی شُری سرٛکہِ پیٹھ تہٕ چھی پھیہہ پھیہہ کران۔ وونی ہرگاہ جمگٹھ اندرٕ کانٛسہِ ہُند اسن کنن گژھہِ ہس یا کانٛہہ ٹانٛہ کرِ ہس تس اُس اگادِ گژھِتھ چیٖپھی ژھنان۔ کینٛہہ اَسی اسان تہٕ پوٚز کینٛہہ اَسی کلہٕ ہِلناوان تہٕ ہے تہٕ ووٗ ہے کران۔ اما یتھ کتھہِ چھُنہٕ شکھ زِ ساری اَسی یہِ پاگل زنانہٕ تہٕ یم دہشت زدٕ شُری وُچھِتھ امہِ تماشک مقصد زاننہٕ خاطرٕ بےٚ تاب باسان۔ یمہٕ کٹہایہِ ہُند ذکر لیباز تنکوفن کرے یوسو گیہِ نہٕ رَاسکولنکافس کُنی نظرِ۔ کیٹرینا اُس وونی تاوِ بجایہِ لوٗستی اتھہِ وایان یتھے سو لداتہٕ کولیا ہس نژ نُک تہٕ پولینکا یہِ گیوٚنُک اشارٕ دِوان اُس۔ سو تہٕ اُسکھ گیونس منز ہک رٹان پوٚز یتھے انتر اٹلن ہیوٚتُن تس دوٗرے یہِ ہُلی کانہٕ ترٛژھ خطرناک ژاس آلیس یمہٕ کِنیٚ سخ ووداَسی گیہِ تہٕ پانس ردبد وننہِ لٔجی جانہِ منس یتھ لٔجی لبلہٕ گرٕی گرٕی وِدنہِ۔ ژالہِ ہورُن اوٗش۔ زیادٕ تیش کھوٚتُس یتِلہِ لداتہٕ کولیا وِدنہِ لٔجِ امہِ اُس واریاہ کوٗشش گرٕمژ یم شُری گژھی بنجارٕی گیوٗن وألی باسنی توے اوسنکھ تتھے پوشاک لوگمت۔ کولیایہِ اوٗسُن وُوڈ پیٹھ ووزُل تہٕ سفید صافہٕ تھوومُت یتھ سوٗ ہو بہوا کھ ترُک کورِہن باسہِ۔ لدلیہِ اوس نہٕ پاٗتھرٕ گربن ہُند ہیوٚ کانٛہہ پوشا کالاگِتھ بلکہِ اُس بس اتھہِ ووٗنمُت اکھ ووزج ٹوٚپی دِتھ یاوٗنی تو روت ٹوٚپی یوسہٕ مار میلادوفنی اُس۔ اتھ اَسِن سجاوٹہٕ باپتھ شُتر مرغ سُنز اکھ پھُٹمژ سفید پکھ تیر لاگمژ یوسہٕ کیٹرینایہِ ہنزِ نانہٕ ہنز ڈألی اُس تہٕ اُسکھ خاندانی وراثتہٕ رٔنگی وُنیُستام رژھراوِتھ تھاومژ۔ پولینکا یہِ اوٚس پُٚن دوہہ دِلُکے پوشاک لاگِتھ سو اُس

ماجہِ کُن خوفہٕ ہٕڑ تہٕ تھار ہٕرٕ وُچھان تہٕ اُس دچھہِ گُرن ہِش اکہِ انڈ گردن ڈٕلی زِ تہٕ آویزان گژھِتھ کوٗشش کران زِموج گژھبس نہٕ وُچھنی زِ یہ چھےٚ اوٗش ہاران تس اُس ماجہِ ہنٛز حالت ہنا فکرترٕ مٕژ زِوٗنی کبس چھےٚ نہٕ سو پنٕنِس جامن منٛز۔ سو بچٲر اُس وُٹھ پھیشان تہٕ ماجہِ تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ سو اُس یہِ سڑک تہٕ سڑکہِ پٮ۪ٹھ جمع گٲمتی لوٗکھ وُچھتھ ترٛہرِ مٕژ۔ سونیا اُس کیٹرینایہِ پتہٕ پتہٕ پکان ودروے گُرتھ زارِ پارِ تہٕ جستہٕ خٲذ کران ڈیرس پٮ۪ٹھ واپس پکنہٕ باپتھ مگر کیٹرینا اُس نہٕ ہرگزتہٕ مانان۔

"ژٕ روز پتھ سونیا ژٕ روز پتھ" تمہِ دِژ کرٕ بکہٕ سو اُس وولیمٕژ۔ کتھو ستی اوسُس پوٚس کھسان تہٕ ژاسہِ ستی اوسُس وچھ کوٗرنہٕ یوان یمہِ کنی سپنس دوٗگ دِتھ کتھ کھالان اُس۔ "ژٕ ے چھےٚ نہٕ خبرٕ ژٕ کیاہ چھکھ ونان۔ دراصل چھیکھنا وُنہٕ شُرِ ے۔ مےٚ چھُھےٚ ژٕے گوڈے وونمُت یو گژھہٕ نہٕ اُمس جرمٔنی شرٲبی کُسہِ نشہٕ باز کینٛہہ۔ وُچھن سٲری لوٗکھ، سورُے شہر وُچھن تمن شُربن سڑکہِ پٮ۪ٹھ ہٹرِ ہٹرِ بنٛچھان یمن مول یزتہٕ وول اوس تیمٚی سٲری ہے وٲنسہِ پزِ دلہٕ لوٗکن ہنٛز خدمت گُرتہٕ دوٗیمین لفظن منٛز ہسکوٗ ژنتھ خدمت کران کرانٕے موٗد۔ (کیٹرینا اُس یہِ نوٗ کہٲنی تیار گرِموٗ تہٕ اُس گمانہٕ کران یہ چھےٚ پزٕ ے) وُچھن سُہ بدبخت جنرل تہٕ اُسی کتھ حالتس پٮ۪ٹھ واتناوِکھ۔ ییٚمہِ کمہِ کتھہِ چھکھ ژٕ کران سونیا؟ اسہِ کیا چھُ ییٚڈ پالنہٕ خٲطرٕ۔ اسہِ نے زِ دوٗ مبرٕ چھنہٕ۔ کھمبو کیا؟ بنٛچھو نے تہٕ انو کتہٕ؟ جواب دی؟ وُغیستام دیتے ژٕے اسہِ واریاہ یزاہ ووٗنی چھس نہٕ یو وُمبرٕ خٲطرٕ یی جٲری تھاوُن یژھان ...... اوٗہ ...... لالہٕ پھلہِ روٗڈیا ژتہٕ چھُھا ییتی؟ رَاسکولنکا فس پٮ۪ٹھ نظرٕ پٮ۪تھے ژٕجی تس کرٕ بکھ نیرتھ تہٕ گیہٕ ووٗنی تس نکھہٕ۔ "ژٕے سمجاوتن یہ نادان کوٗر۔ اسہِ کیا سبیل چھےٚ بنٛچھنہٕ ورٲے۔ تموٚری تہٕ چھی پنٕنی ییٚڈ پالنہٕ خٲطرٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ زینان۔ اُسی لگھو ییتھ۔ اُسی ہے شریف زاد ومٛنزٕ چھی بڈٕ خانداٮ۪نکی چھی یمٛتہٕ اُکس ترنا گوڈنچی نظرٕ فکرٕ اُسی چھنہٕ پیشہِ ورگداگر اُسی

چھی دۄکھ زد تہٕ حالاتو واتناوی پنچھنس ۔ ژٕ وُچھ تمِس دون پوٗنسن ہنٛدِس جنرلس کھٔن
عوہدٕ گرٛہ ؤنتھ تھوو مے! أسی لاگوس محلہٕ چھٔن داربن تل پرٛہتھ دوہہ۔ یوٗ ہے تماشہٕ۔ اگر
میانہِ قسمتہٕ شہنشاہ زاراپأری دراو بوتر اوس پان پدبن تل۔ گوڈٕ ترٛاوکھ پانس برٛونٛہہ پٔنٕنۍ
شُری تس کھورن تل اکہِ اکہِ ہاوس یم موٗصمی شُری تہٕ ونس اسہِ بچراو۔ ژٕے چھُکھ بب
...... سُہ چھُنا یتیمن ہُنٛد مول تہٕ بے کسن ہُنٛد کس۔ رحم دل تہٕ مصیبتہٕ منٛزٕ کڈن وول اِدٕ
ؤچھکھ ژٕ تمِس کوٗلل بدبخت جرنل سٕنٛز حالت کوٚت واتہٕ ...... لدا ووتھی گبون بأت
ٹُلی۔ ...... ووتھی کولیا ژٕ دی بیٚیہِ نژن ڈالا ...... یہ رُورُو کتھے پیٹھ چھکھ لاگان۔ بے وقوف
لڑکی۔ رُورُولاٗ رگتھ کیا نیری۔ کنہِ کھوژان چھکھ کُنہٕ؟ ؤنہی میانہِ خدایہِ میون چارٕ کربہ
کیا کرے یمن بچاربن۔ لالہ پھلہِ رَاسکولنکافہٕ ژٕے ماچھُے پتہ یم کِتیاہ نادان
چھی۔ ژٕے وَنتم یمن بچن کیا کرٕ بو ہنہٕ؟''

سوٗ أس کرٛبکہٕ دِوان ...... لبلہٕ کران ...... ژالہِ ژالہِ اوٗش ہاران یمہِ سٟتی تہنٛزٕ
تیز کلأمی اندر کانٛہہ خلل پیوٚ ونہٕ۔ تہٕ وِدٕ رِوے کرن والین شُربن گُن اِشارٕ ہاوان
کریوس رَاسکولنکافن سخ جستہٕ خاز گرٕ واپس پھیرنہٕ باپتھ تمٕی کرے یہِ پٔنٕنۍ کنٕ کوٗشش
تہنٛدِس غأرتس یہِ ؤنتھ زبردِہٕ نچ زتس چھُنہٕ بنجاربن ہنٛدی پأٹھی کوچہِ دربدر پھیرُن
شوٗبان خاصکرِتھ یِیلہِ زن تس اکہِ اعلیٰ پایہِ کہِ بورڈنگ سکوٗلچ پرنسپل بننگ یِرادٕ چھُ۔

''بورڈنگ سکول ...... ہاہاہا ...... یمہٕ گیہِ ہوٚس گیٚجہِ گنڈنہٕ'' تمہِ ترٛوو أتھی سٟتی
یُتھ اسن کھنٛگالہٕ زٕژ اسہٕ سٟتی درایس أچھی پھٕٹِتھ ''وونی نہٕ ...... لالہٕ پھلہِ سُہ خواب
رلیوو خاکس۔ اسہِ دیُت سارٕوے دکہٕ ...... سُہ خبیث جرنل ...... کیاہ ونے ...... ژٕے
کتہِ چھے خبر ...... لالہٕ پھلہِ مےٚ لأیمس ملہٕ دوات کنُے کش کڈِتھ۔ یوسہٕ نائتی چھے
آسان انتظار گاہس اندر یتھ رجسٹری پیٹھ ناو چھُ درج آسان کرُن۔ مےٚ لیوٚکھ پٔنُن
ناو تہٕ بے خبر پأٹھی لأیمس کش کڈِتھ تہٕ پانٕ ژٕ جس نمبر کوٗلل ہؤنی ...... پزی چھی یم

سأری ہوٚنی ...... خأرمےٚ کوٚرمکھ اصل خطیر۔ ووٚنی نمنہٕ بوٚ کأنسہِ بڑٕ وٕنہہ کنہِ۔ ہُمہِ بچارِتُل وُنیُستام سون وارِیاہ بارٕ تمہِ وۄن سونیایہِ کُن اشارٕ کٔرِتھ۔ پولنیکا تلے ژٕ یے کوتاہ سمیوٕ ے ہاوی مےٚ ...... اوٚہ فقط زٕ دوٚمبرِ ...... یِمن سارنٕی تہِ چھا مصیبت پیوٚمُت بچارٕ ن ...... کمینے چھی یِم ...... یِم چھی نہٕ اسہِ کہنٕ تہِ دِوان فقط چھی پتہٕ پتہٕ دوران۔ ہونٕن ہٕنٛدی پأٹھی چھی زبوٚنبر کڈی کڈی ہے تہٕ وۄہی کران۔ وُچھن ہوٚخر کلہٕ کیاہ چھُ پرٛاژٕ وٕہرِتھ اسان۔ کتھ سنا پٔٹھ؟ (جمگٹھ منٛزٕ اکس نفرس کُن اشارٕ کٔرِتھ وۄن تمہِ) دپھ اوٕ کنٕی کولیایہ چھُ احمق الارہٹھ مےٚ چھےٚ اُمِس بولتی بند کٔرمٕژ۔ پولنیکا ژٕ یے کیاہ گرٛھی ...... فارسی زبانٕی منٛزٕ وَن ...... مےٚ ہے چھکھ کم کاسہٕ فارسی زبان ہیٚچھنأوِمٕژ ...... کینٛہہ دٕلیٚ تہِ یاد کرنأوِمٕژ۔ نتہِ کتہِ ترِ فکرِ ژٕ چھکھ اکہِ شریف خاندانٕچ ...... چأنی پرورش چھےٚ ناز بردأری کٔری کٔری سپزٕ مٕژ۔ توٚہی چھوٕ یِزتہٕ وأنی شُری نہ زِہٹرٕ ہٹرِ پھیرن وأنی پیشہِ وَرگدا گر۔ أسی ما چھی سڑکہِ پٔٹھ شُپ تہٕ پرٛیٚن وانٕیہِ درإمتی بلکہ چھی سُہ بأت گیوٚنہِ درإمتی یُس فقط اعلیٰ خاندانن ہٕنٛدی لۆکھ گیوان چھی ...... آ ...... چھُنا سُہ ...... کیا چھُ ...... سُنا یُس بأت اسہِ گیوٚن چھُ؟ ژٕ چھکھ مےٚ دپان نیر ...... مگر أسی ...... أسی چھی یِیتھ بأت گیوٚنہٕ باپتھ کھڑا یُتھ زن کینٛہہ پوٚنسہٕ کماوَو ...... تیُتھ بأت ...... یتھ پٔٹھ کولیا ڈانس کٔرِتھ ہیکہِ ...... ژٕ یے چھےٚ پانس مولوٕ ے اسہِ ماأس امہِ باپتھ کانٛہہ تیأری ...... أسی کرہو اتھ پٔٹھ صلاح مشورٕ تہٕ رہرسل تہِ کرہو وارِیاہ مگر سردست گرٛھہِ کینٛژاہ سہل پہن گیوٚنہٕ یُن۔ باضأبطہٕ مشق کرنہٕ پتہٕ گرٛھو أسی نیوکالونی ہتہِ چھی جان جان آسن باسن وألی لۆکھ روزان ہتہِ میلہِ اسہِ فوری طور قأبلِ مدد توجہ تِمن ترِ وٕلی وٕلی فکرِ أسی چھنہٕ ژھوٚٹہٕ آلِکی۔ دپان چھِنا قدرِ زر زرگر بداند ...... لِہٰذا یہ چھُ فقط "میون گام" بأت یاد بیٛیہِ نہٕ کہنٕ۔ یہِ چھُ مشہور بأت پرٛ بتھ کانٛہہ چھُ یہِ گیوان۔ اسہِ پزِ کینٛہہ بدل گیوٚن یُس رژھا زیادےٚ تھزِ سوسائٹی ہُنٛد بأت آسہِ۔ اچھا ژٕ یے پیوٚ وٕیہِ کینٛہہ یاد پولنیکا؟ تلے کرتہٕ لگے

وُنی کبس پننہِ ماجہِ کیٖنٛہہ مدتھاہ۔ موج ہے پچھے موکلیمژ۔ لگیے بلایہٕ نتہٕ آسہِ ہے خبر کوتاہ مےٚ یاد پیومُت مگر مےٚ ہے دِمباغَس ڈوٗل۔ سُہ ماہسکو اُسی ''کانٛسہِ مالوٗگ دُنیا ستی''، گیوٚتھ چھُنا صلاح اُسی گژھو نوٚ وبأت۔ ''سے چھُم ہاوسے'' ...... آ ...... یہِ بأت چھےٚ مےٚ توٚہی ہیٚچھنأوی ژہتۍ۔ مےٚ ہے پانہٕ خود چھو ہیٚچھنأوی ژہتۍ۔ چونکہ یہ چھُ فرانسیسی بأت۔ بوزن والین گژھہِ یکدم انداز توٚہی چھِو تھدِ تہٕ رتہِ خاندانکی شُری۔ سُہ گژھہِ زیادے ترتھ لوٚکن ...... اچھا ...... ژِ گیوٚی ''ماجہِ ہِندِ دوٗرے کریو گوٗرأے کریو گوٗرأے، آہ کوتاہ اصل گوٗھہِ۔ سُہ چھوٚپی شُربن ہُند بأت تہٕ چھُ منزِلی بأتن منز پژہتھ اعلیٰ گرس اندر گوبنہٕ پِوان۔

ماجہِ ہِندِ دوٗرأے کریو گوٗرأے کریو گوٗرأے
سونہٕ کنہٕ دوٗرأے کریو گوٗرأے کریو گوٗرأے
جنگس دراکھو میانہِ بہودوٗرے میانہِ بہودوٗرأے
بازِپی زِوٗلی وٗلی گری زبکھ سوٗرأے گری زبکھ سوٗرأے

تمہِ لوگ اُتھی ستی بأت گوٚون ...... آ ...... امہِ کھوتہٕ چھُنہٕ وُنی کبس پیٚیہٕ کانٛہہ بأت تھاوساژ کولیاپٔنٛز اتھہٕ پوٚت مندجن پیٚٹھ ...... کرجلدی ...... آ ...... لِدا ...... ژ روزگھ دوان تہٕ پولینکاتہٕ بو گیوو تہٕ وایواتھہٕ۔

بوٗ ہا چھس خاص بوٗ ہا چھس خاص
پانٛژھ پانٛژھ پونسے دِیو سُہ چھم لاس
گرِ ہٕنبم نوٚو تے وتھرِ اطلاس
بوٗ ہا چھس خاص بوٗ ہا چھس خاص

(اوٚ ہو ...... اوٚ ہو ...... اوٚ ہو ...... ژاس چھس پِوان) ''پولینیکا فراق تھاوی سیٚوٚد یہے چھے پھیکو پیٹھہٕ یون ووٗ تھمُت'' ژاس کران کرانۍ کوٗرتمہٕ محسوس تہٕ اُنگھ ہدایت

دِنہٕ ۔ وونی چھُ توہہٕ زیادے خیال تھاوُن یمن چیزن کیاز لۆکن گرٛھہٕ باسُن توہی چھِو سلیقہٕ وألی شُرۍ ۔ مےٚ ونیوم گوڈ باڈر کراتھ دون ہونزٕ پچھن ہُند یتھ زن راد زیٹھ پہن روزِ ۔ یہِ چھُ چون قصور سونیا ژٕرے اَے وۆنتھ ژھوٚٹے بناوُن وُچھان چھکھہٕ وونی چھُ اُمِس یہِ بےٚ شوٚب گومُت ...... توہہٕ کیاہ گوٚو ہیٚہٕ لۆ گو سارۍ روزِ ے رورو کرُن ! ونان کیاز چھونہٕ ذلیل کیاہ چھو نالأیقو ؟ کرسا کولیا شروع ۔ کر جلدی دوہہ موکلہِ پتہٕ کیا کرو ۔ یم چھا شُری یم چھی گھری ۔

بو ہا چھس خاص بو ہا چھس خاص ساسن کران ڈاس ساس کران ڈاس

اکھ پُلسہٕ وولاہ گوڈ بارٕ نمودار ! ''یہِ کیا بی تماشا چھُ ؟''

لۆکن ہِند جمہٕ گٹھہِ منٛز وَتھ کڈی کڈی اوس اکھ پُلسہٕ وول یمن گُن پکان ۔ پوٚز لۆکن منٛز اوس أتھی موقعس پٮ۪ٹھ اکھ خوش پوش تہٕ خوش وضع شخصاہ ۔ اۆ رُت بوٚ رُت جسمہٕ وول وہرِ پنٛژاہِ ہیوٚ یُس باسان اوس افسر چھُ ۔ مگر سِول وردی منٛز ، کالرس أسس خوبصورت پن (تس وُچھتھ پھوجہِ کیٹرینایہ بوقہٕ ۔ تٔمی رُکوو پُلسہٕ وول پتھ ) پوٚک بڑ وۆنتھ تہٕ زبأنی کانہہ لفظ کڈنہٕ ورأیی پلناوُن تس ترٛے سبز روپٕ تھٕ ہِندِس بتھس پٮ۪ٹھ أسی ہمدردی ہِندی آثار تٔی پأٹھی پٕژ یڈان ۔ کیٹرینایہِ گٔری یم سرخم کٔرِتھ قبول ۔ بڈٕ خوش دلی تہٕ سلیقہٕ منٛد طریقہٕ آیس پیش ۔

''بو چھس چأنی مشکور جناب محترم ، تمہٕ کوٚر زورٕ زورٕ وُنن شروع ۔ تم وجوہات یمو ، کنی أسی یتھ حالتس پٮ۪ٹھ وأتی ( پلشیر یارٹ یم پوٚنسہٕ ۔ توٚ ریہِ فکرِ دُنیاہس منٛز چھ دُنہٕ تہٕ سخی تہٕ عزتمند لۆکھ موجود یم دوکھس تہٕ پریشانی منٛز ہینہٕ آمٕژ شریف زادِ ہِندِ مدتہٕ خأطرٕ تیار بہ تیار چھی ) جناب محترم ترنے ژٕرے پانے فکرِ تم شُری وُچھتھ یم مألی ہِندِ مرنہٕ پتے رِتہٕ گرکی اُستھ تہٕ یتھ دشائیہ وأتی ...... یو ونہٕ باآوازِ بلند یم چھی اثر ورسوخ وألی مگر تقدیرن لأگی یتھ مصیبتس یمیٚک ذمہٕ دار سہ بدبخت جنرل چھُ

یُس یہنٛدِس مائِلس جائِنی یاراوس مگر یِیلہِ بوضرورتہٕ وِزِ مدد منگنہٕ گیس تس گوٚ وخلل کیاز

سُہ اوس مزٕ سان دعوت کھینہِ بیوٚٹھمُت ......تس کھوٚت شرارتہٕ لوٗگ مغزٕ ژاپنہٕ مگرمے

کوٗرمس درخواست عالی جاہ یِم شُری بچاوُکھ وُنی کیٚنس ......یِمن ہُنٛد مول، میون

خاندار زانہن ژٕ نزدیک پاٗٹھی ......مےٚ گنٛڈی مس گُلی ہے اکھ بدمعاش شخص چھُ میانہٕ

سونیایہِ مالی ہنٛدِ مرنہٕ کہِ دوٗہے ژٕرِ ہانٛژ ھ لاگان۔یتھ نہٕ اَسی لگوو۔وُچھوبیا کھ پُلسہٕ وول

چھُ اورٕ پکان۔مہربانی کٔرِتھ بچراواسہِ۔تمہِ گنٛڈی اَمس سِول وردی منٛز افسرس گُلی۔خبر

یِمن پُلسہٕ والین کیاز ہووٗن اسی گُن؟ کُہ تام کُہ تام موکلووُنی اَکس نِشہِ پان تہٕ

ووٗنی گوٚ ویہِ بیا کھ ظاہر۔ژٕےکیا ساگژھی......کولہٕ جنہٕ؟''

''ہے محترمہ سڑکہِ پیٹھ لۄکھ جمع کرٕنی تہٕ رُکاوٹ پاٚدٕ کرٕنی چھُ خلاف

قونون۔مہربانی کٔرِتھ موکرکانٛہہ ہنگامہٕ پیٚتٔھن''۔

''ہنگامہٕ چھُکھ ژٕ کران نہٕ زِبو......مےٚ زن آسہِ ہاتھاپٔجی اتھس کیٚتھ تیٚلہِ کیا

کرٕہکھ ژٕ؟'' تھاپٔجی وایہِنہٕ خاطرٕ چھےٚ لاسن ضرورت آسان۔ژٕےچھیا؟ توتہِ چھکھ ژٕ

لۄکھ جمع کران ژٕکتہِ چھکھ ڈیرِس؟''

''کیاہ ......لاسن......؟'' تمہِ ژھٔنٛڈ باک ''ہالۄ کوأزی ہاکوٚرُم خاندار دفن بوکیتیو

انہٕ ہالاسن یتھ مصیبتس منٛز''۔

''صبر کر محترمہ صبر کر......'' افسر لۄگُس وننہِ ''وولہٕ مےٚ سیتی ......بو واتناوتھ ژٕ

ڈیرِس پیٹھ......یتھہٕ گنی پزی نہٕ ژٕے وُنی کیٚنس لُکہ ارساتھس منٛز روزُن......ژٕے چھےٚ

نہٕ صحت ٹھیک وُنی کیٚنس''۔

''جناب محترم......عالی جناب ......ژٕے چھےٚ نہٕ مولوم'' کیٹرینا وٕ ژٔھس

کرٕنکھ دِتھ ''اسہِ چھُ نیو کالونی گرٕھُن......سونیا......ہتے سونیا......سو کوٚت سنا گیہٕ؟

ہنٛہ ہیتے چھےٚ ودان۔ہے توہیہ سہارٕ نیے کیٛاہ ہاہ گوٚو؟ کولیا......لدا......توہی کوٚت چھو

ژلان؟ تمہِ دِژ حأرأنی اندر کرٕ بکہٕ "کم سا بے وقوف شُری چھی یم! کولیا.....لدا ہے توٗ ہیٚ کوٚتے درأوِ اور؟"۔

کولیاتہٕ لدا کھوٗ ژ دراصل لوٗ کہٕ ارساتھاوُچھتھ تہٕ ماجہٕ ہنٛز پاگلأ زی ہنٛدی دورِ ژپنتھ۔ تموٚ کر یکدم اکھا کی ہٕندِس اتھس تھپھ تہٕ پُلسہٕ وألی ہنٛز ونظرونشہٕ ڈٲلتھ ژٲلی لُکہٕ ارساتھہٕ منٛزِ دوٗرٕ گن یُس تمن باسیوٕ ژھتھ مانیکھ۔ ژالہِ اوٚش ہاران ہاران تہٕ لبلہٕ کران کران سیٚدے بچأر کیٹرینا تمن پتے۔ أہنٛز حالت أس قابلِ رحم تہٕ وُچھی تھے اوس زرزرٕ گرٕ ھان۔ یِیلہِ سو لبلہٕ کران کران یِمن پتے دورے یہِ تس اوس نہٕ شہے کھسان یِیمہِ کنٛی وُچھس دوٗگ دوٗگ لایان أس۔ سونیاتہٕ پولنیکاتہٕ سیٚدی یے تمن پتے۔

أنیوٗ کھ واپس......واپس أنیوٗ کھ ژٲلی ......سونیا......یم چھی بے وقوف تہٕ نادان شُری۔ یِمن چھُنہٕ احساس بو کیاہ چھس کران یِہنٛدِ باپتھ...... پولنیکا یم انگھ نالس تھپھ گٔرِتھ واپس۔ کُنی ٹِکھ تُل ......ہے بو ہے چھس یِہ سوٗرے......تہنٛدی باپتھ......"سو آیہِ أتھی ستی یاشا کرِتھ پتھرٕ کراونہٕ"۔

"امہِ بھاٹنو و پانس کلہٕ شاید۔ أمِس ہے رتہٕ گگر پھٹ......ہے میٲنی مأجی!"

سونیایہِ ژٲجی کرٕ بکھ نیرِتھ تہٕ ترٕ وونس پان پیٹھ۔

سأری دُورِیے اوٗ تِنے تہٕ گیس أندی أندی جمع۔ رَاسکولنکاف تہٕ لیباز تنکوف أسِس سارِوے برٕ ونہہ ژھنی کھوٗرِ اِستادٕ۔ سُہ افسرتہِ ووت باثبرِ باثبرِ اوٗ تتھ۔ تس پتہٕ کنہِ اوس پُلسہٕ وول پیچٲبی منٛزٕ ونان "ئو پریشانی یِیہ کیاہ؟" تس اوس باسان حالات ہیتِن ابترِ ے گرٕ ھنی۔

"ہے توٚ ہیٚ رٕ زِ وپتھ۔ نیرِ وپتھ" سُہ اوس لوٗ کن ونان یم ژبلہٕ ژبلہٕ گٔرِتھ برٕ ونٹھ برٕ ونٹھ پکان أسی۔

"یِہ چھے بچأر مران" أکی دِژ رائے۔

''یہ چھےٚ دراصل پاگل گامٕژ'' بیےٚ ووٚن۔

''خدایہ رحم کر'' اکھ زنانہٕ موٚنگ چھاتہٕ پیٹھ اتھن ہٕنٛز دٕیو واوٚنگجو ہٕتی صلیب بناٲوِتھ دعا۔

''اماھو نیچ تہٕ نکہٕ اوٚ نکھہٕ رٕٹِتھ؟ آ تمن ہے چھی پڑ اکھ پانس ہٕتی واپس انان وُچھ کتھی شیطان چھی...... یہنٛدی کٕنی گوس یہٕ بچارِ!''۔

کیٹرینایہٕ معائنہ کرنہٕ تلہٕ نٮ۪و کلہٕ اوسُس نہٕ پھوٚٹمت کیٛنہہ۔ کلہٕ اوس نہٕ کنہٕ چھاونہٕ آمُت یہ زن سونیایہٕ خدشہٕ گیو و۔ تہٕ وتہٕ یُس خوٗن متھنہٕ آوسہ اوس اُمس اُسہٕ کٕنی یوان۔ چھاتہٕ ہُنٛد خوٗن۔

''مےٚ چھُ تھُے اکھ معاملہٕ بڑ وٚنہہ تہٕ وُچھمُت'' افسروٚ تھ رٕ اسکولنکافس تہٕ لیباز تنکوفس کُن لوٚت لوٚتے...... یہ چھُ دراصل دِقچہٕ بیمارِ اندر سپدان۔ خون چھُ دٕتھتھ یِوان تہٕ بیمارس چھُ دم کران۔ زیادٕ وکھ گونہٕ یِیلہٕ مےٚ اُکس پننٛس رشتہٕ دارس یژھے حالت گرٛشھان وُچھ...... رتہٕ تگارِیا گیہٕ جمع...... اُکس منٹس اندر دراس خوٗنہٕ اوٚنس وٕ مرٕ بچارس...... خارٕ وٚ نو جل کیاہ چھُ کرُن...... یہ چھےٚ بچارُ اُخری شہن پیٹھ''۔

یِیکٕیاہ...... یِیکٕیاہ...... یِپاٲرِ...... چھُ مےٚ کمر...... اوٚری نمون'' سونیا گنٛڈی نکھ گٔلی۔ ''یوٚ چھس اُتی روزان...... ہوٚ کیا چھُنا...... ہُہ گرٕ...... یِیتہٕ پیٹھہٕ ہوٚ کیاہ بس ہوٚ دوٚیم مکانہٕ۔ مہربٲنی کٕرتھ دی تو مےٚ یہ اورواتناوٚنس منٛز مدد...... جلدی'' سو گیہٕ اکہٕ اکہٕ یِمن لوٚکن زارِ پار کرنہٕ ''کانٛہہ اکھاٲنی تون ڈاکٹر بلاوِتھ۔ ووٚنی کیاہ گو۔ یوٚ روزٕ مشکور'' دلتس آفیسرٕ سٕنٛز وکوٗششوٕ ہٕتی سپُد سورُے انتظام منصوبہ بند طریقہٕ۔ پُلسہٕ والیو کوٚر کیٹرینا ٹلنس اندرتہٕ مدد۔ سوواتناوٚکھ سونیایہٕ ہنٛدِس کمرس اندر تہٕ تقریباً اُس بے ہوشی اندرتہٕ ترٛاوٚکھ بڈس پیٹھ۔ خوٗن اوسُس وٕنہٕ تہٕ یِوان۔ اماباسان اوس وارِ وارِ ہیٚون واپس پھیرٕ نی۔ سونیایہٕ ہٕتی ژاے کمرس منٛز رٕ اسکولنکاف۔ لیباز تنکوف تہٕ سُہ

افسر تہٕ یمن پتے سُہ پُلسہٕ وول تہٕ تیمی گوڈ لوٗکھ پتھ کڈی یم اُمس بچارِ دروازس تام پتہٕ پتہٕ پکان اُسی۔ پولنیکا آیہ کولیاتہٕ لدائیہ اٲتھن تھپھ کٔرِتھ اندر یم پنہٕ وٲتھرِ کی پاٹھی الان اُسی تہٕ جویو اوٗش ہاران اُسی۔ مکانہٕ مالکہٕ ہنٛدِ کمرٕ منٛز تہٕ آے واریاہ نفرتہٕ ژاے سونیایہ ہنٛدِس کُٹھس منٛز لوٗ نگ تہٕ کون یہِ مکانہٕ مالک اوس عجیب باسان۔ وکھٕت بُتھ تہٕ موچہِ گونٛژھہٕ تہٕ کلس پٮ۪ٹھ ژھوٚٹ ژھوٚٹ مس اوس بُرشہٕ برٛن ہنٛدی پاٹھی اِستادٕ تہٕ تہنٛز زنانہٕ اُس ہمیشہ ترٛ ہر پمٕژ باسان تہٕ کینٛہہ شُری یمن حالتس منٛز اُس گژھ ہوی یلے اُسی تہٕ ژاے کھوچھو کھوچھو اور۔ یمن اندر گوٚو ہنگہٕ منگے سیوادری گیلاف تہٕ ظاہر۔ رَاسکولنکاف اوس تس غوطن گژھتھ وُچھان تس اوس نہٕ فکری تران زِ سُہ کیاہ کرِ گوٚوبۄد تہٕ اگرے سُہ اوٚ تام لوٗکن اندر اوس تیلہِ کیاہ زِ پئیس نہٕ تس پٮ۪ٹھ نظر۔ ڈاکٹر تہٕ پادری ہنٛز کتھ وُژھ تہٕ افسر وُتھ رَاسکولنکافس کُن لوٚت لوٚتے زِ تس چھُ باسان ڈاکٹرانناوانس سُمب رُودنہٕ وقت تہٕ کٔرِتھ منگنووُکھ ڈاکٹر تہٕ مکانہٕ مالک گوٚو پانے ڈاکٹرانہٕ۔

اُتھی اثناہس منٛز لوٚگ کٹیر ینایہِ پئیہٕ شاہ کھسنہٕ وسنہٕ۔ کنیٛ کالہ پٮ۪ٹھہٕ گوٚو خوٗن یُن تہٕ بند۔ بیمار اُچھو کٔرِن سونیایہِ کُن نظر یوسہٕ تہنٛز بے قراری ظاہر کرنس ستی ستی ژٔرِتھ گژھان اُس۔ سو بچار اُس اُتی اِستادٕ زرد پمٕژ تہٕ کانپمٕژ رومالہٕ ستی بُتھہِ پٮ۪ٹھہٕ عارق وتھراوان۔ چھکیرس وۄننکھ تمہِ تھوٚ دتُلیوم تہٕ تموٚ تٕج وارٕ وارٕ تہٕ تھاوِکھ بنٛڈس پٮ۪ٹھ بہناوِتھ۔ دوٚشوٕ یو طرفو رُودِس تھپھ کٔرِتھ۔

''شُری کتہِ چھم؟'' سو تیمٕژ آوازِ منٛز پرٛژھ تمہِ ''پولنیکا! اُنی تھکھہٕ یم ...... ہا شیطانو۔ تو ہی کیاہ زٕژ جیوٚمے نِشہٕ۔ اُے!''

پھٔٹۍ ٕ متین وُٹھن گوس رِتہٕ لیفُن۔ تمہِ ترٛاوپانس دٔچھنی کھوٚوِری نظراہ۔ سو تنیٛار سان وۄنُن گوٚو ژٕ چھکھ یتھی سے حالتس منٛز روزان سونیا۔ وُچھاز تام ماآلیس بوزانہہ تہٕ یور۔ بتھس کُن ترٛاوُنس دہ کھہٕ ہُونظراہ۔

''چانہِ تبأہی ہندی چھی أسی ذمہٕ دار سونیا! پولنیکا، لداتہٕ کولیا۔ تژشوے بیوی مےٚ نزدیک ......اَہے شاباش......پکٕو یپأری سونہٕ گوٚہری ......سونیا یم رَٹٕھ ......یم چھی ژےٚ حوالہٕ ......مےٚ کوٚرحالہِ گندناہ سیٹھاہ۔ ووٚنی مو کلے یہٕ میأنی وأری۔(ژاس آلیس) مےٚ تژ أوِ وبون گُن۔واش کڈٕ ہا یتھ زن سکونہٕ سان مرِ ہا''۔

تمو تژ أو سو شاندس پیٹھ۔

''کیا پادٕری ما''

نہ......نہ......مےٚ چھےٚ نہٕ تسنٕز ضرورت۔ ژےٚ نے اکھ روپے تہِ چندس چھے۔ مےٚ چھُنہٕ کہنی گوناہ کوٚرمُت۔ خداے کرِ مےٚ پادری ہنٕدِ ورأئی معاف۔ تِمٕس چھےٚ میانہِ حالٕچ تہٕ میانین مصیبتن ہنٕز خبر۔ تہٕ اگر ےسُہ معاف کرہم نہ مے تہِ چھُنہٕ گرٕین کینہہ۔

سو گیہِ وارے بڈٕتھ تہٕ أتھی منٕز أس پانس ستی کیا ہتام ونان۔ سخ بےقرأری أسس۔ منٕزی أس أچھی مژراوان تہٕ اکہِ انٕدٕ پیٹھہٕ بیٚیس انٕدس تام نظراہ تژ اوان۔ اتھ مۆجودنفرن پرٕزناوٕنچ کوٗشش کران مگر منٕتاہ گژھی تھےٚ اوٗسس بیٚیہ غش گژھان تہٕ پانس ستی کتھ کران۔ شاہ کھالُن والُن اوٗسس سخ گوٚب گژھان۔ کھرٕ بنو راے أسس۔أتھی منٕز أس کیا ہتام ونان۔''مےٚ ...... وۆن ......تِمٕس ...... عالیجاہ'' پرٕبتھ لفظ أس عنٕبگلاٚ وی بنگلاٚ وی ہرِ کھالان۔ ہے لدا، کولیا اتھہٕ تھأوِ ہلبن بونہٕ کنہِ منٕد جن پیٹھ۔ شاباش۔ گیٚیو تہٕ نژِو۔ فارسی گیٚیو ......کھور ستی دِیو تال ......شۆبدار شُرِ بن ہنٕدی پأٹھی رۆزِو ٹلِو بأت......۔

ژےٚ زن چھُے سون زو پھ موہرِ تے دیار۔

پتہٕ کیا گوٚو......

یو ہے بأت پھ گنٕبن ......دوٚیم بنٕد کیا چھُس......

چانہٕ اُچھی کاُ ژاہ حسین چھے سوندُری

بێیہ کیا گوٚ ژھے آسُن۔

کیا خیال چھُ واہ! بێیہ کیا گوژھے آسُن ...... کمہٕ کتھ چھی یم کولل ونان۔واہ

...... واہ...... دُپہر چہِ تاپہ ترٛٹہِ منٛز

تہٕ پوشہِ پتھرِ ہنٛزٕ کھونہِ منٛز

واہ...... یہ باُت کوتاہ ٹوٹھ چھُ مےٚ۔بوچھس اتھ باُتس پٹھ زنتہٕ دیوانہٕ گاٚمُت۔

پولینکا ژےٚ چھُیہ پتاہ چون مول اوس یہ اکثر گوان یمن دوہن اسہِ نشانٕ گرتھ اُس ...... واہ کیاہ رِتی دوہہ اُسی ...... اسہِ اُس کاُمے یوہے باُت گوٚن۔ کتھہٕ پاٹھی اُسی یہ گوان۔ چھُوا کانٛسہِ یاد۔مےٚ چھُ ووٚنی مشرہٕ پھے گومُت۔ تلا یاد پاٚوم کمہ لیہ اُسی گوان؟"

سوٚ اُس جوشس منٛز۔یتھ تھوٚ دوٚ تھُن یژھان مگر کیُتھ۔سو بیہیا تہٕ گیوٚہا یہ باُت۔ چھیکرس ہیوٚتُن بیگر یمتہِ ہتہِ پھُچہِ مژ آوازِ اندرچہٕ دِتھ پژ بتھ لفظ ژاُپی ژاُپی کڈُن۔ منٛزی اُس اُچھی تہٕ کھولان یمہٕ رژھہِ یتہٕ رژھہِ خوفناک صورت پژ اوان آسہٕ۔

اُتھی منٛز نِج لہر ترٛ اونہِ۔

دُپہر چہِ تاپہ ترٛٹہِ منٛز

پوشہِ پتھرِ ہنٛزٕ کھونہِ منٛز

مےٚ چھُ طوفانا سینس منٛز ...... مےٚ چھُ طوفانا سینس منٛز ......

"عالیجاہ"تمہِ دِژ ہنگہٕ منگہٕ دِلس سۄنتھ گژھن واجینٛ کرٛ بکھ تہٕ اُچھو کنہٕ ووٚ تھس ددرلیہ اوٚش۔آواز اُس سوٚت تہٕ بگری مگر فکر اوس تران ونان کیاہ چھے"دیم یتیم بچاوٚ کھ! ژٕ چھُکھ یہندس مالی سُند جاۓ یا ررٕ دمُت ...... دپھ یم چھی رئیس ہندی شُری ......" تمہِ لوگ بێیہ کتھن پھیٚر دیُن تہٕ باسان اوس دُبارٕ پھیر حبسہٕ تہٕ سارٕی ہے گن ترٛ اوٚن

نظراہ۔ أچھن اندر اوٗسُس سخ خوف باسان أتھی منز پزٕ نأوُن یکدم سونیا"
"سونیا..... سونیا.....؟ بڈٕ شفقتہٕ تہٕ نرمی سان ہیوٚتُن لتس وَنُن۔ باسان اوس حأرأنی ہش گیس زِ سو کتھہٕ پھٔے اتھہ موجود"۔ سونیا! میأنی ٹأٹھی ژٕ تہٕ چھکھے پیتٔ؟" تمہٕ ہیوٚت کوٗشش کٔرِتھ تھوٚ دوہ تھُن تہٕ کوٚرہس تھوٚ دوہ تھنس اندر مدد تہٕ تھأوِکھ بہنأوِتھ۔
"بس..... موکلیوو سورُے..... الوداع، بو کیاہ ہکھوٕ ووٚنی کٔرِتھ۔ میأنیو مفلسو..... ای چھُ انجام کار..... مے پھٔے نہٕ ووٚنی سمے۔ زن چھُم بڑکُس گومُت۔
تیمہٕ دُنیا ہکی لؤکھ چھی ظالم..... سو أس ووداسی اندرونان باسان اوس انتقام ہنگ کیٔل چھُس وُنہِ تہٕ أندری۔ أتھی ستی پیوس کلہٕ تکیس پیٹھ..... گردن پھُٹس۔
سو گیہِ پیٚیہٕ غشس اندر۔ مگر رؤزِس نہٕ غشی زیادٕ کالس کینہہ۔ تو ہند زرد یومُت ہوٚ کھمُت بُتھ گوٚ و الوند موٚتی لیڈر پھیرِس تہٕ پیٚیہٕ پتھ کُن۔ أس رؤدُس یلے۔ زنگٕ کاوریس۔ تمہٕ ہیوٚت زیوٗٹھ شاہ۔ ووٚش ترٛ ووٗن تہٕ أتھی ستی موکلیہٕ۔
سونیایہِ ترٛووٗس پان پیٹھ۔ نروسی رٔٹن کومہِ وچھس ستی۔ کلہٕ تھووٗن تٔہندِس سینس پیٹھ تہٕ بے حس و حرکت أس نہٕ ستھ تہٕ نہ بتھ کران۔ پولنیکایہ ترٛ وو پننہِ ماجہٕ ہندِ بن کھورن پیٹھ پان تہٕ أسس تلہٕ پتِھن مونہِ کران تہٕ زورٕ زورٕ أس ودان۔
اگرچہ کولیاتہٕ لدائیہ فکری اوس نہٕ تران زِیہ کیاہ گوٚ و تہٕ کٔرِتھ تہٕ اوسکھ باسان کیاہتام خطرناک معاملہٕ سپُد۔ تموترٛ وو کلہٕ اکھا أکی ہندِ بن موضُم پھیکِن پیٹھ۔ پانہٕ وأنی کٔرِکھ نظراہ تہٕ دوشو یومُر رأوی بیک وقت أس تہٕ لجہ کزٕ بکہٕ دِنہِ۔ تمن اوس وُنہِ تہٕ پأتھر گربن ہُندُے پوشاک لأرِتھ۔ أکس اوس دستار گنڈِتھ تہٕ بییس أس ٹوپہٕ پکھ لگِتھ۔
فکری تو رنہٕ "قابلیتٕچ امتیأزی سند" کپأرِ وأژ بدِس پیٹھ تہٕ أس کیٹرینایہٕ ہندِس شانٛدس کُن؟ رأسکولنکافس پیٚیہٕ یکدم اتھ کُن نظر۔ سُہ دراو دارِ کُن تہٕ لیباز تنکوف تہِ دراس پتے اوٗت تھے

''یہ موٗیہِ''، تمۍ وۄنُس۔

''لالہٕ پھلہ مےٚ چھےٚ ژےٚ زِ کتھہٕ وننہٕ''۔ سیوادری گیلافن وۄن رَاسکولنکافس نزدیک وأتِتھ۔

لیبازنکوفن تژأ وتس جاے تہٕ بڈٕسلیقہٕ سان دراو أکس کُن۔ اما سیوادری گیلافن نیوٗہُہ بیٚیہِ ہنادوٗرٕ ے پہن۔

''بوٗ کرٕ سورُے انتظام۔ تجہیز و تکفین تہٕ باقی سورُے تہِ۔ ژےٚ چھےٚ مولوم اتھ چھی پوٗنسہٕ لگان تہٕ مےٚ چھُم ژےٚ گوڈے وۄنمُت مےٚ چھےٚ واریاہ روٗپیہِ۔ بیٚیہِ کرناوکھ بوٗہُم زٕ نکہٕ نچ تہٕ پولنیکا کُنہِ اصلِ پہن یتیم خانس منز دأخل۔ یمن تھاوٕناوے بوٗ پنداہ پنداہ شتھ رُوبل لیکھتھ یُس رقم یمن بالغ گژھنس پتھ ترِ۔ تتھہٕ گژِ بیٚیہِ نہٕ صوفیایہ یہُند کانہہ بار۔ سأری پریشأنی گژھبس دوٗر۔ بوٗ کڈن سو ربہٕ منزٕ پمپوشکی پأٹھی نبر۔ سو بچأرٕ چھےٚ اصل کورِہن۔ کنہٕ نہ؟ لہٰذا اوٗنی زٕژٕ دوٗنیایہِ تتھہٕ پأٹھی کرٕ بوٗ تہندی داہ ساس روٗپلِ خرٕچ''۔

''پیٚژ اہ رحم دلی ہاوُنک مرادتہٕ مطلب کیاہ چھُ؟'' رَاسکولنکافن پرٕژھنس۔

''اوٗہ ...... بڈٕ شکی نفر چھُکھ ژٕ'' سیوادری گیلافن وۄنُس اَسان اَسان ''مےٚ وۄنمے ناےٚ چھنہٕ سُہ پوٗنسہٕ بازحأصل کرن۔ ژےٚ چھےٚ ناباسان یہٕ چھُس بوٗ محض انسأنیت کہٕ واسطہٕ کران۔ یہِ کیاہ زووأسا (تتھ کوٗنس کُن اِشارٕ کرِتھ یتھٕ تتھ لاش پڑا اُس) یہِ بچأرٕ أساکینہہ تس ہونٕجن پتھ قرضہٕ دنہٕ واجنہٕ بچہٕ ہش۔ وولہٕ پکھ ژٕ کرکھ پانے میٚانہٕ کتھہٕ ستی اتفاق زِ کس پرٕ زندٕ روزُن تہٕ کس نہٕ۔ کُس گوٚژھ زندٕ روزُن لُذہنایُس شیطأنی ہوس کأری کران روزِ تہٕ یہٕ بچأرٕ گوٚھا مرٕنی یَس یوٗتاہ بار چھُ پتہٕ کنہٕ؟ تہٕ وونی ہرگاہ تھس موقعس پتھ بوٗ مدد کرکھنہٕ پولنیکاتہٕ کرِ سے کار''۔

یہٕ وۄنُس دوران اوس سُہ رَاسکولنکافنہٕ بتھکی آثار ژرژنہٕ باپتھ تس مُدأے گنڈٕتھ تہٕ کتھن دوران اوس أچھو ناٹہٕ گردٕگری کیاہ تام ہوانو اتس فکر تارنچ ژھوٗمب کران۔

رَاسکولِنکافس گوٚو بُتھ سفید مُجی ہیوٗ۔ تس دیُتن بدنس یخ بٔرتھ ییٚلہِ سُہ تمے جملہٕ بوزان اوس یِم تمیٚ صوفیایہِ وٗنی ٲسی۔

''ژٕ......ژےٚ کتہِ لُجی اچھ خبر؟'' گلہِ زیوٗ گرٛہتھ پرٛژھنس، سُہ اوس نہٕ شیٚتھے ہبکان۔

''اتھ منٛز کیاہ چھُ۔ بوٚ چھُس تِتھی میڈم راسلیچہٕ ہنٛدِس مکانس منٛز کرایہِ روزان میانِس تہٕ یتھ کمرس چھُ منٛز دیوارٕ ے اوت۔ یپأری چھُ روزان کوٚبہٕ کاکھ کاپرناموف تہٕ ہُپأری چھےٚ روزان میڈم راسلیچ۔ میانۍ سبٹھے پرٛأنۍ تہٕ خلوصہٕ واجینٛۍ یارِ جأنی۔ لہٰذا چھُس بوٚ پیٚتھ ہمسایی۔

''بالکل'' سیوادری گیلافن تھوو کلامہٕ جأری ''اسن کھنٛگالہ رُکاونہٕ کنٛز اوسُس پانس اکہِ اکہِ گرٛ ھان''۔

''بوٚ چھُسے ژےٚ پننہِ یزتچ درٕ ے ونان لالہٕ پھلہِ رَاسکولِنکاف میانہِ ٹاٹھہِ۔ ژےٚ چھُتھ مےٚ دِل نیوٗمُت۔ مےٚ ووٗنُے ژےٚ ٲسی لاگو یارانہٕ۔ گوڈٕ تہٕ ووٗنمے۔ خأر پیٚتھ رلیے ٲسی۔ ژےٚ تری پانے فکرِ بوٚ کیُتھ مٔرھیُل انسان چھُس۔ ژٕ وُچھکھ پانے ژےٚ رکرٛ ھ برابری ییٖ مےٚ ستی!''۔



# باب شیٛیہ

## (۱)

رَاسکولِنکافس باپتھ گۄو عجیبے دور شروع۔ باسان اوس زنتہٕ وُنلہٕ نال وۄلنس تہٕ کوٚرُن ساری دُنیاہ نِشہٕ جدا۔ سُہ اوٚس اتھ انہِ گٔٹس منٛز تن تنہاتہٕ کانٛہہ ژلن پایا اوٗسُس نہٕ۔ تس پیوٚ وواریاہہٕ کالس سُہ وکھ یاد ییٚلہِ تس یقین اوس گژھان زِ تٔہندِس دِماغس زنتہٕ اوٗبرٕ ژروٗٹ تل رٹان چھُ تہٕ یہِ سلسلہ رۆد منٛزی منٛزی جأری یوٚ تام زِ چھیکرس پتھ یہِ نوبت وأژ تِھس آفتس منٛز ہینہٕ آو۔ تس پٔتھی یتھ کتھہِ پتھ پرٛزہ زِ اتھ وُنلہِ یاوٗنی تو گٔٹس منٛز رۆد سُہ غلطی ین پتھ غلطیہ کران۔ تس آسہٕ غلط فہمیہ گژھان ییمہِ کنٛز واریاہن کامہِن ہُنٛد صحی وکھ تہٕ تأریخ بوزنے اوٗسُس نہٕ تگان۔ خأر پتہٕ ییٚلہِ سُہ پننہِن یادن ہنٛزٕ لوکچہِ لوکچہِ زنجیرٕ رلاوان گۄو تس توٚگ واریاہس حدس تام پٔن کرُن کرٛاوُن پرزناوُن۔ باقی لۆکھ تہِ یہِ کینٛژھا تس وَنان أسی سُہ تہِ اوٗسُس تعجبس منٛز ترٛاوان۔ سُہ اوس واقعات خلط ملط کران تہٕ مختلف واقعاتن اوس بیٚون حالاتن ستی واٹان تہٕ پننی نتیجہ اخذ کران حالانکہ یہِ اوس فقط اوہنٛد ذہنی اختراع آسان۔ حقیقتس ستی اوسکھ نہٕ واٹھے آسان۔ بعضے اوس پریشأنی ین اندر ہینہٕ یوان تہٕ اوس بے قرار سپدان پان اوٗسُس سہلابس منٛز پیرٕ گوٗمُت باسان۔ ییمہِ کنٛز سُہ بعضے دُوباشرٕ گژھان اوس۔ البتہ أسِس مکمل پأٹھی ذہنس منٛز تِم لمحات تِم گأنٹہٕ بلکہ برابر تِم ہشت پہر گھٹِتھ ییٚلہِ ییٚلہِ سُہ بے حسی اندر روومُت آسان اوس۔ یہِ اوس دراصل نتیجہ تمہِ پرٛانہِ خوفُک یُس أمِس پتھ حأوی روزان اوس تہٕ ییٚلہِ یہِ خوف گنان چھُ تیٚلہِ چھےٚ پٔژھی بے حسی دیوانن ہنٛدی پأٹھی

کومہِ رٹھان بلکہ تِمن یِمن موٗتُن وکھ چھُ نزدیک آسان۔ باسان اوس اتھ اٲخری مرحلس پیٹھ اوس نہٕ سُہ زاٲنتھ مأنتھ تہِ پننٕ حالت مکمل تہٕ واضح پأٹھی زانن یژھان۔ کینٛہہ ضروری حقیقژ یِمن کُن فوری توجہ دینُک ضرورت اوس آسہٕ تس وُبوٗ دُرتلان یِمہِ موجب سُہ سننہٕ نِشہِ لوٗبے روزُن یژھان اوس حالانکہ تس خاطرِ کیا شادمأنی آسہِ ہامہِ کھوتہٕ زِ اگرے سُہ کینژ و پریشأنیو نِشہِ دامن ڈِنتھ ہیکہِ ہے تہٕ یِمن اندر کُنہِ قسمُک تغوفل سپدُن تس وُمبر خأطرہ تاہ ہو بالا کرِتھ ہیکہِ ہے۔ شاید اوس اوے سُہ پان پھساونے یژھان۔

سیوادری گیلافنہِ ڈٲسی اوس سُہ سٮ۪ٹھاہے پریشان رودمت بلکہ ہکو ؤنتھ زِ سُہ اُوس فقط تہٕ فقط سیوادری گیلافس نسبتھے سونچان آسان۔ یِنہٕ پیٹھ سیوادری گیلافن ؤٹھی ؤٹھ کتھ اٲمِس کیٹرینایہِ ہنٛدِ مرنہٕ وِزِ سونیائیہ ہنٛدِس گُٹھس منٛز وننہِ تنہٕ پیٹھے باسیووزِ دمباغن تژ اوتس معمولہ مطأبق کأمے کرِنی۔ ووٕنی گوٚ وامہِ نوِ حقیقژ ہنٛدِ پردٕ فاش سپدنہٕ پتہٕ تہِ کوٚرتمی دوٗرتہٕ کانٛہہ تہ وضاحت دِنس یا نتیجہ اخذ کرنس منٛز کرن نہٕ جلد بأزی۔ باضے اوس سُہ پان تن تنہا دور شہرِ کِس کُنہِ ڈٲسی پایہِ بتائیہ وانس منٛز لبان تہٕ حأران گژھان اور کپأری ووت سُہ اِدِ کیاہ سونچان سونچانے اوس سیوادری ذٕہنس منٛز پأدٕ گژھان۔ تس توٚر فکرِ زِ تس شخصس سِتی سمجھوتہٕ کرُن چھُ بادلنا خواستہٕ صحی مگر ووٚنی مجبوری تہٕ شرط وشروط پزن طے کرِنی۔ اکہِ دوہہ شہر کہِ بیرونی درواز نبر نیرِتھ قدماہ قدماہ دِوان باسیووتس سیوادری گیلافس سِتی چھُ تمی ملاقات طے کوٚرمُت تہٕ اوے اوسُس سیوادری اتبتھ پژاران۔ بیٚیہ اکہِ پھِرِ گوٚو سُہ صحأے گاش پھولنہٕ برٛونٹھے ہُشیار تہٕ ووٗتھ تھوٚد۔ سُہ اوس کینژن زنٛدن تل پٲتھرِس پیٹھ شوٚنگِتھ۔ اوٗ تتھ کپأری ووت گوڈٕ ترنہٕ تس سوے کتھ فکرِ۔

اماپوٚز کیٹرینا مرنہٕ پتہٕ دوٚن ترٛن دوہن دوران گوٚو تس سونیائیہ ہنٛدِس ڈیرس

پٮ۪ٹھ سیوادری لیس ءستی دۄیہ یاتر ٚیہ پھِرِ ملاقات یۆت سُہ رژھہِ کھنٛجہِ خأطرٕ گنہِ مقصد ورأے گژھان روزان اوس۔ کینٛہہ کتھہٕ کربکھ باہم مگراتھ اہم موضوعس پٮ۪ٹھ گرٕکھنہٕ کانٛہہ کتھا۔ باسان اوس دۄشوے چھنہٕ فی الحال اتھ موضوعس پٮ۪ٹھ کھنٛ کتھ کرٕنی یژھان۔

کٹیر ینایہِ ہٕنٛز لاش ییمہٕ وِزِوُنہِ تابوتس منٛزٕ ژ أس۔ سیوادری اوس تجہیز وتکفینہ باپتھ انتظامات کران۔ سونیاتہِ أس سخ آوٕر۔ أخری ملاقاتس دوران وۄن سیوادری گیلافن رَاسکولِنکافس زِ تٕمۍ کوٚر کٹیر ینایہِ ہٕنٛدِ بن شُر بن خأطرٕ اکھ خاص یاونو تسلی بخش انتظام۔ وۄننس زِ پتھٕنیٖن کینٛژن اتھ ورسوخہٕ والین نفرن ہٕنٛدِ کنٛزٕ گوٚ وسُہ کینٛژن شخصیون ءستی ملاقات کرنس اندر کامیاب یِہنٛدِ مدءٕ ستی ییم ترٛ بشوے یتیم، جان ادارن اندر بیک وقت قیام کرناونہٕ ین۔ ءستی وۄننس سُہ رقم یُس ییمن ہٕنٛدِ ناوٕ تٕمۍ کوٚر مُت چھُ تہٕ سپُد واریاہ مددگار ثأبت کیاز زِ مفلسن تہٕ نادارن ہٕنٛدِ مقابلہٕ چھےٚ تمن یتیمن ہٕنٛدِس سلسلس منٛز سہولیت واتان ییمن کینٛہہ جاداد تہِ آسہِ۔ سونیایہ نسبتھ تہٕ وۄننس کیٛاہتام تہٕ یہِ وعدٕ گرِتھ دراوتس نِشہِ زِ أ کِس دۄن دۄہن اندر پِیہ رَاسکولِنکافس ءستی بیٚیہِ ملاقات کرنہِ تہٕ ذکرتہٕ کوٚرنس ''سُہ چھُ لتس ءستی کینٛہہ مشوٕرٕ کرُن یژھان۔ کینٛہہ معاملات چھی ییمن پٮ۪ٹھ کتھ کرٕنی ضروری چھےٚ ......''۔

ییمہٕ کتھہٕ کرِتموہیرِ کھٔسی تھےٚ وٕٹس منٛز۔ سیوادری گیلاف اوس تس وارٕ ژرژان تہٕ بُتھِس کُن مدأے گنٛڈِتھ وۄننس پیٚوٚ نتاہ تأمل گرِتھ ''مگر یہِ کیٛاہ لالہٕ پھلیا'' تٕمۍ گرٕ آواز ہناپست ''ژٕ چھکھےٚ نہٕ پتھٕنیٖن جامن منٛز باسان۔ ژٕ چھکھ ہُنہ مشہ ہُنٛد جناہیٚ فقط وُچھان تہٕ بوزان پۆز باسان چھُ ژےٚ چھےٚ نہٕ کھنٛ تہِ فکرِ تران۔ روز خوش أسی کرو پژبتھ معاملس پٮ۪ٹھ کتھ۔ یوٚ بہمہٕ ہاژےٚ نِشہِ مگر یوٚ چھسے ازکل زبردست آوٕرےٚ چھُ واریاہن لۆکن ہٕنٛد بٕن ۔۔۔ پتھٕنیٖن کاربأری معاملن ہُنٛد تہٕ اُنٛد بوٚ ردنس اندر سخ آدر برابوٚ ۔ کنٛز

چھمنہٕ کلہٕ پھِرنس وار......اۄہ کیٚاہ ۆنے لالہٕ پھلہٕ" تٕمۍ کوٚر دفعتاً بیان "تمام لۄکن یہ
کینژاہ ضرورت چھُ ۔ سُہ چھُہ تازٕ ہوا......بس تازٕ ہوا......سارِوے کھوتہٕ زیادٕ چھےٚ
اَمچی ضرورت!"۔

سُہ ڈوٚل أکِس کُن تہٕ ترٛاوِن پادرس تہٕ تہندِس چیلس وتھ یِم ہیرن کھسان
أسی۔ تِم أسی أخری دُعایہٕ خأطرٕ منگنہٕ آمٕتی۔ امیُک انتظام تہٕ اوس سیوادری گیلانفی حکمہٕ
مطأبق کرنہٕ آمُت یتھ تحت دوہس دۄیہ پھِرِ تِمن پرُن اوس۔ سیوادری دراو أتھی ستی
تہٕ رَاسکولنکاف روٗد درژھہِ کھنٛجہٕ کٔتھ تام سوچس منٛز پننی جایہ ووٚدنہٕ۔ تہٕ برٛنٛزاہ گژھتھ
ژاو پادرِس پتے سونیائیہ ہنٛدِس کُٹھس اندر۔ سُہ روٗد دروازس پٔتھے تِمو کوٚر دُعایہٕ خأطرٕ
گوڈٕ خاموش روٗزِتھ شروع۔ لوٚت لوٚت آواز کڈتھ تہٕ پتہٕ ماتمی اندازٕ انجیلہِ مقدس کی
آیات پرٛتھ یِیمہِ ستی رقعت پأدٕ گژھان أس۔ شُری لأزِی پٔتھے اوس تس موتُک سخ
تصورتہٕ پانس برٛونٛٹھہٕ کنہٕ مرِدٕ وُچھتھ اوس تس دِلؠ ہتھ گژھان تہٕ سرسأدی توٗشرٕ ووتلاوان۔
وارِیاہ کالہٕ پتہٕ سُہ أخری دُعایہٕ مجلسہِ اندر شریک۔ یتہٕ اوس معاملے وکھر۔ لرزٕ خیزتہٕ
ہأبتناک معاملہٕ......تٔمۍ تُجہٕ أچھی تھوٚد تہٕ ترٛأوِن یتیم شُربن کُن نظراہ۔ یِم کٹیر ینایہِ
ہنٛدِس تابوتس ستی یان ترٛأوِتھ کوٗٹھن پیٹھ روٗزِتھ أسی۔ پولنیکا أس ووان۔ شُربن ہٕنٛتی
رٕکنی أس سونیا دُعا منگنس منٛز محو یوسہٕ لوٚت لوٚت کیٚاہتام پران تہٕ اۆش ہاران أس۔

"یِمن ہٕنٛتی مبن دۄن دوہن گرنہٕ امہِ اکھ کتھ تہٕ مےٚ ستی۔ مےٚ کُن تُجنِ نہٕ
الغأیہٕ تہٕ نظر"۔ رَاسکولنکافس آو ہنٛگہٕ منٛگے خیال۔ کُٹھس منٛز اوس اختابہٕ نپہٕ کران۔
دُہِ دُہ اوس کمرس منٛز اۄبرٕ زاے ہیوٗ بٔنتھ پھٔہلان تہٕ ماتمی ماحول بناوان۔ أتھی منٛز اوس
پادرِی دُعا منگان "سکون دِس......میانہِ آغہٕ......" رَاسکولنکاف روٗد دُعایہٕ مجلسہِ ہنٛدِس
أخرس تام برابر أتی اِستادٕ۔ یتھے پادری سارنے خأطرٕ رُت مۆنگ تہٕ دراو۔ پادرِی ترٛأو
ژۄپور عجیب اندازس منٛز نظراہ۔ دُعایہِ مجلسہِ ہنٛدِس أخرس پیٹھ گوٚو رَاسکولنکاف

سونیا یہ نِش تہٕ تمہٕ رُئی تہندی دوشوے اتھہٕ پنٕنین اتھن منز چیر سان تہٕ کلہٕ تژ وُن أہندِس سپنس پیٹھ۔ دوستی تہٕ مایہ ہِنز امہٕ حرکژ ستیٖ گوٚ وتس دُگوش۔ روو ہیوٚ۔ سُہ گوٚ ویمہٕ کِنی حأران زِ تس اندر باسے لیس نہٕ نفرژ گراے تہٕ تہٕ نہ کانٛہہ خوفے۔ تہندی اتھہٕ أسی نہٕ نٹان۔ یہ اوس خود سپردگی ہُند انتہا۔ یی توٚ رتس سونیا یہ ہِنز امہٕ حرکژ تلہٕ فکرِ۔

سونیا یہ وۄن نہٕ کہنی تہٕ رَاسکولنکافن دیُت تس اتھس چیر تہٕ دراو۔ سُہ اوس اکھ عجیب تچھن ہش محسوس کران یوس بے قرار کُرتھ گیس۔ اگرے تس پلہٕ ہے سُہ گژھہٕ ہے لکُن دوٗر ریتھ ون تہٕ بیہہ ہاتن تنہا۔ سُہ زانہٕ ہے پان سبٹھاہ خوش قسمت اگرے سأری سے وُمبر تہٕ تیٚی روزُن پییہ ہس۔ یوٚ دوے زن سُہ وار یاہ کالہٕ پیٹھہٕ تنہا روزان اوس تہٕ کرِتھ تہٕ اوس نہٕ تس پان تنہا باسان۔ باضے اوس سُہ شہر نیبر نیران تہٕ بجہٕ سڑکہٕ پکان یتھ منز سُہ اکہٕ پھرِ أ کِس جنگل کھونہٕ منز تہٕ ووتمت اوس مگر پیژ اہ تنہا سوجاے أس تیوٚ تاہ اوس سُہ ژینان زِ کس تام چھُ تس ستیٖ ستیٖ بالکل نکھ نوٚ کھروٗ زِتھ پریشان کران۔ امہٕ ستیٖ پیوٚ ونہٕ تس کانٛہہ خوف مگر تمیٚش کھوٚ تس قہت ووتلے لیس یمہٕ کِنی تمی واپس قصبس کُن نیس منز جلدِ ے کرِ یتھ لتہٕ لوٗکن اندر رل گژھے۔ امی کِنی اوس گاہے بتایہ وانن منز اژان تہٕ گاہے شراب خانن اندر بہان یا تمن وتن پکان یمن پیٹھ پکن ٹکن والین ہُند رش روزان اوس۔ اکہٕ دوہہ شامنس کیٚت بیوٚٹھ سُہ أ کِس مے خانس اندر یوہے گنٹس کھنڈس تہٕ روٗ دگیوٗن بوزان۔ تمہٕ ستیٖ گیس وار یاہ فراحت مگر پتو لاکن گیس بییہ پریشأنی پاُدِ زنتہٕ پتُن ضمیر ملامت اوسُس کران "اچھا...... بییتہٕ بیوٚٹھس یو گیوٗن بوزنہٕ۔ پزیامے یہ کرُن؟" تمی سوٗنچ مگر ستیٖ گوس احساس زِ تہنزِ بے قرأری ہُند وجہ چھُنہٕ یتے اوت۔ بییہ تہٕ چھُ کیاہتام یتھ متعلق فوری طور فأصلہٕ سپدُن گژھ مگر تہٕ کیاہ چھُ تمیک ہیوٚ کنہٕ سُہ اندازٕ لگاوِتھ یا ہیوٚ کنہٕ لفظن منز بیان کرِتھ۔ یہ أس وومیز و نیبر اکھ کشمکشا۔ یوسہٕ أمِس تس ٹلان أ کیا۔

"نہ......نہ......بہتر چھُ بیہِ ووٗتھ ژھانٹھ کرٕنی ......گرٛشی تن پرافری پیٹرو وچس ستی بیہِ بتھی لاگے۔ یا سیوادری گیلاٶ فی اُسی تن ......نوٚ وکانٛہہ چلینج اُسی تن......اتھ چھُ مقابلہ کرُن......آ......بالکل چھُ مقابلہٕ کرُن"، تس آو خیال......سُہ دراو میخانہٕ مژٕ نبر تہٕ تجن یہ ڈٟلٕ زِ تہٕ گُنی دور۔ دونیاتہٕ ماجہِ ہنٛدِ خیالہٕ گوٚ وسہ زبردست پریشان۔ تمہِ راٗژ ووٗتھ سُہ سُنت پھولنہٕ برٛونٛٹھے تہٕ لوٚگ کرٛیسٹو وِسنکی زُوکیو تھدیو ززنڈن ہنٛدِ گنزرٕمژٕ نبر نیرنہِ سُہ اوس تیپہ ستی نٹان خبر سُہ کراوس اور ووتمت۔ سُہ دراو گرٕ گُن تہٕ صحمنس ووت سُہ واریاہ سُلہِ ڈیرس پیٹھ۔ کیٛژن گنٹن شونگنہٕ پتہٕ اوسُس پتھ ووٗتھمت۔ مگر نندرِ ووٗتھ واریاہ ژیری دُپہرس دوہِ بجہِ۔

تس پیوٚ ویاد کیٹرینا دفناونک وَکھ اوس تمی دوہہ مقرر کرنہٕ آمت تہٕ گوٚ وخوشے زِ سُہ اوس نہٕ تتہِ موجود۔ نستا سیہ ہن اوٗنُس کیٛاہتام غذا۔ تمی کھیوٚ وتہٕ چوٚ ومائہ سان کش کڈِٕ تھ۔ یوچھِ اُسس وِنہٕ واجمٕژ۔ پتی موترٕ یو دوہو مقابلہٕ اوس تس کلک بارلوتیومُت تہٕ سکون تہِ اوسُس باسان۔ مژٕ ی گوس احساس وُنیُستام کیٛتھ دہشت رُو دوبتر اوان یتھ پیٹھ پانے کریمانہٕ کڈِنہِ لوٚگ۔

ہُپاٗری گوٚ وورواز یلہٕ تہٕ رازومنہن ژاو گُھس اندر۔

"آہاہا......یےٚ چھُ کھسن کھوان تہٕ لہٰذا کتہٕ چھُ بیمار" رازومنہن ژاو ونان ونان تمی اُنی لِمتھ اکھ کُرسی تہٕ بیوٗٹھ میزس نِشے رَاسکولن کافس مدِ مقابل۔

سُہ اوس پریشان تہٕ پننی پریشانی ژٕو رِتھا ونچ گرٕن نہٕ کانٛہہ کوٗشش۔ تمی کوٚر کلامہٕ شروع۔ یتھ اندر کرٕ تھرنوٚن اوس مگر کُنہِ قسمک تیز ریا تہٕ وشرنہٕ۔ کتھہِ ہُنٛد رفتار تہٕ اوس نہٕ تیز یا تھوٚد۔ باسان اوس سُہ چھُ کیٛاہتام خصوصی یرادٕ گرِتھ آمت۔

"بوز"، تمی ہیوٚت تل پیٹھ تھاونہٕ وراٗے کلامہٕ کرُن "یوٚ تام زن میون تعلق چھُ میٲنی ۔کنی گوٗھی توتوہی ساٲری جہنمس مگر یوسہ کیٛشواوٗ چھان چھُس تمہِ تلہٕ چھُنہٕ مے تھند

تھرتہٕ بُتھے بوزُن تگان۔ مہربأنی کٔرِتھ کٔری زِنہٕ خیال بو ما آسے ژےٚ سوال کرنہِ یور۔ نہ مےٚ چھُنہٕ کینٛہہ مجبوری کٕہنٛز تہِ مجبوری سُہ دِتن پھہِ یُس تیٚتھ کینٛہہ پزٕژھی بلکہِ اگرے ژٕرے مےٚ نِشہِ سرٕ باوتھ کرنہِ بہکھ بو ونے بڑ وٕنٛڈھہٕ کنہِ بو ژلے ییٚتھ مےٚ چھُنہٕ تیٚژاہ فرصت۔ بلکہ نیرے بو فاش پران پران۔ بو چھُس فقط یہِ زاننہِ آمُت، کُنٛز کتھ موخصر لفظن منٛز کیٛایہِ چھا حقیقت زِ ژٕ چھُکھ ڈٔلمُت، پاگل گومُت؟ افواہ چھِ اِی زِ ژٕ چھُکھ دِمباغہٕ ڈٔلمُت اگرنے پوٗرٕ تہٕ پاگلاٗزی نزدیک چھُکھ ووتمُت۔ بو چھُس پانہٕ تہِ ییمہِ کتھِ ہُنٛد اقرار کران میٛتہِ باسیو وٕژ چھُکھ ہوشہِ ڈٔلمُت کیٛازِ چانہِ احمقانہٕ، اشتعال دِنہٕ واجنہِ تہٕ نقہت پأدِ کرن واجنہِ حرکژٕ چھےٚ نہٕ فکری تران۔ دوٚیم ییمہِ سببہٕ زِ پننہِ بینہِ تہٕ ماجہِ ستیٚ یُس سلوک ژےٚ کوٚرُتھ سُہ کرِ یُس محض پاگل آسہِ۔ تتھہٕ پأٹھی لگہِ مألِس ماجہِ اکھ بڑ ہمژ أری نتہٕ اکھ پاگل بُتھ اِو، کُنٛز چھُ مےٚ باسان ژٕ گژھکھ پاگلے آسُن۔

''أخرس کرٔ چھیٚ تھکھ ژےٚ تمہٕ؟''

''وٕنی وٕ چھم، ژےٚ وُچھ تھکھے ناتنہٕ پیٚٹھہٕ تمہٕ؟...... ژٕ کیٛأری اوسُکھ۔ کیٛاہ اوسُکھ کران۔ ژےٚ کیٛاہ دٔلیل چھے؟ تلسامےٚ وَن۔ مےٚ گٔری ژےٚ نِشہِ ترےٚ پھیرٕ وُنیٚستام۔ موج چھے یوٗ پیٹھہٕ سخ علیل۔ سو بچأر أس ژیےٚ نِشہِ یورینہٕ خأطرٕ تیار مگر دٔنیاہن دیٚتُس نہٕ یورینہٕ۔ تمہِ تہِ مانیونسے نہٕ دٔپنس ''اگرے سُہ بیمار چھُ۔ اگرے دِمباغ کأم کرانےٚ چھُس نہٕ تس کُس واتم ماجہِ ہُنٛد ہیوٗ، اِدِ کیٛاہ أسی آے تژبشوے یکہٕ وٹہٕ یور۔ کُنی زٔنی ماتژ اووہن۔ کیٛأری واتہِ ہے۔ أسی أسِس پننٕ کُنی تسلا دِوان مگر کیٚنٛتھ۔ سو أس لبلہٕ کران۔ خأر أسی وأتی تہٕ ژاے کمرس اندر۔ ژٕ اوسکھے نہٕ یتہِ سو پیٹھ لگ بگ داہن منٹن بیٚتہِ تہٕ أسی أسی ژھوپہٕ دم گٔرِتھ استادٕ۔ أتھی منٛز وٕژھ تھوٚد تہٕ وٚدٕنُن ''سُہ چھُ خبر کوٚت گومُت۔ تمیٚک مطلب گوٚو بیمار چھُنہٕ۔ امیٚک مانہِ گوموٗ جی چھُن مُشرأوِمژ۔ یہِ چھےٚ شرمہٕ ہنٛز کتھ یہِ گیہِ ضلالت زِ موج پژارِ نیٚچوی سِندِس دروازس پیٹھ

دامن پھہلاوِتھ رحم وکرم ژھارنہٕ۔ أسی درای واپس تہٕ کمرس منز وأتی تھے دیُت تمہٕ بٔڑس پیٹھ پان دأرِتھ۔ تیہ موٗنڈی چھس۔ ''وُچھِو توٚہی'' تمہِ ووٚن ''لتس چھوٗکرِ ئتی سمکھنچ چھس فرصت مطلب ناصوفیایہ لیس ئتی ژے گنڈِتھ چھُے کِنہٕ خاندر چھُتھ کوٗرمُت لتس ئتی، مے ماچھُ پتاہ۔ بوٗگیوس صوفیایہ نشہِ تہٕ دپیوم کتھہِ ہنز گوٗجی کرٕ دری یافت۔ تتہِ پیٚیہ مے نظر أکِس تابوٗتس پیٹھ۔ شُری أسی وٕدِ روے کران تہٕ سونیا أس تمن ماتمی پلولاگان۔ ژٕ ما اوسُکھ تتہِ مے منجمکھ معأفی دراس پوٚت کھوری واپس تہٕ یہے خبرٕ ئنم دوٗنیایہ۔ اسہِ توٚرفکرِ یہِ چھُ لوٗکن ئلی بکواس آسان تہٕ الہٕ کُلِس چھی توٗل گل بناوان۔ مے توٚر فکر ژے چھُے نہٕ لتس چھوٗکرِ ئتی کانہہ واسطہٕ۔ مے کوٚر انداز تیلہِ چھُکھ ژٕ پزی ہوشہِ ڈوٗلمُت تہٕ باوٕر گومُت۔ مگر یوٚت وأتتھ چھُس ووٚنی نوٗے ڈیلیا وُچھان۔ ژٕ کھوٚان گرم گرم نان وکباب۔ باسان چھُ ژے چھُتھ نہٕ ترٚبن دوہن زنتہٕ کینٛہہ وُچھمُتے تتھہٕ کُنی چھُکھ پیٹھوٚس پیٹھ میٚنڈی کھوٚان زنتہٕ کانٛہہ بانہٕ منزٕ نیی۔ یوٗ چھیومُت چھُکھ......یتہِ چھُ صحی زِ پاگل تہٕ چھی کھوٚان چوٚان چونکہ ژٕ چھُکھ آرامہٕ سان میانہِ کتھہٕ بوزان تہٕ......اورٕ چھُکھنہٕ زیوٚ اکھ لفظ تہِ کڈان لہٰذا چھُکھنہٕ پاگل۔ یوٗ ونے قسم ہأوِتھ پاگل چھُکھنہٕ! سورُے کینٛہہ ہیکہِ أسِتھ مگر پاگل ہسکھنہٕ أسِتھ۔ لہٰذا گژھ تہٕ جہنمس بلکہ توٚہی سأری جہنم کِس ژٕ کِس تل واتنی۔ یہ چھُ کیاہتام سرٕ ساوبر یتھ توٚہی پجہِ تل تھاوان چھِوٕ۔ کیاہتام راز دأری چھے۔ تہٕ مے چھُنہٕ اتھ پیٹھ مغزمأری کرنُک کانٛہہ حاجت۔ مے کیاہ مجبوری چھے تہند بن رازن سننچ۔ یوٗ آس فقط وُچھنہٕ خأطرٕ ژٕ کتھ حالتس منز چھُکھ تمی واتنأوکتھ اند تہٕ ووٗتھ تھوٚد۔'' مے دوٗپ مے ژلہِ دبماغہٕ أندرٕ شک تہٕ بارلوٗتیم۔ تہٕ ووٚنی کیاہ کاروأیی چھے مے کرٕنی تہِ چھُس یوٗ پوٚر پأٹھی زانان''۔

''کیاہ کاروأیی چھے ووٚنی کرٕنی''

''ژٕ یے کیاہ چھُے تتھ ستۍ۔ وونی کیا کاروأیی چھم کرٕنی''۔

''وونی گرٕ ھکھ ژٕ شراب چینہٕ''۔

''ہنہ ......ژٕ یے کتھہٕ کٔنی چھُے مولوم؟''

''کیاز ِ......یہ چھُ سیٹھٕ دُ ے فکرِ تران''

رَازِ و منہنن دیُت منظاہ دم۔

ژٕ چھُکھ پتھ وتھ صحی اندازٕ لگاون وول رٕ دمُت۔ واریاہ سمجدار۔ بیٚیہٕ چھی ونان ڈٔلمُت۔ ژٕ ہیلکھنہٕ پاگل اُسی تھے۔ پوٚز وۄنُتھ وونی گرٕھہٕ بہ شراب چینہٕ۔ اچھا خداحافظ۔ اُتھی ستۍ پھیوٚ رپتھ کُن تہٕ ہیوٚتُن نمبر نیرُن۔

''یوے اوٗسس بہ چأنی کتھ کران۔ پننہ بیٚنہ اوٗسس بالکل چونُے ونان''۔

میون ونان.....مگر بہٕ کر وُچھ تھن ژٕ ے''رَازِ و منہنن ٹھہرو و بیٚیہٕ قدم تہٕ ہنا وۄشلیو وہیوٚ۔ دۄرِ اوس باسان تس کأژ اہ بڑے یہ دلہٕ دُبراے۔

سو آیہٕ پوٚیور بذاتِ خود تہٕ ہتبتھ ہیٹھ تہٕ اُس مے ستۍ کتھہٕ کران۔ ''سو اُسا پزی آمژ''۔

''بالکل''

پتہٕ کیاہ وۄنتھس ......مطلب مے متعلق کیاہ وۄنتھس؟''

''دۄ پمس ژٕ چھُکھ رُت۔ ایماندار تہٕ محنتی انسان۔ مے وۄن نہٕ تمس زِ ژٕ چھُکھ تس ستۍ محبت کران تہٕ کیاز ِ تمس چھُ یہ پانس تہٕ مولوم۔

''تس تہٕ چھُ پتاہ؟''

''یہ سمجن کیاہ بڈٕ کتھ چھے۔ بو کوٚت تہٕ گرٕھہ۔ مے کیاہ تہٕ گرٕھی تن ژٕ روزکھ تمن ستۍ ستۍ۔ مے کرِ مے تمہٕ یہ ڈیٛلِ زتہٕ ژٕ ے حوالہٕ رَازِ و منہن۔ یہ چھس بہ بہٕ کنٔ ونان زِ مے چھُ پتاہ زِ ژٕ ے چھُے تُنٔد سرٔ بہ تہٕ مے چھے چانہٕ صدقدلی پیٹھ زبردست

پڑھ۔ مےٚ چھُ تران فکرِ تمِس تہِ کنہِ چون سرٕ ہہ۔ نتہٕ ما چھے شاید گوڈے چانہِ مایہِ ؤجہٕ وونۍ کرتہٕ پانے فأصلہِ کیاٚ زِ ژٕ چھُکھ پانہٕ زانن وول، ژےٚ پزِ یا شراب چینہٕ گژھُن کنہٕ نہٕ''۔

''...... ژٕ ...... اچھا ...... آکھ ...... ژہٕن اتھ بلاے ...... تراو ...... مگر ژٕ وتم ژےٚ کوٚت چھے گژھُن۔ ہان اگرے اتھ منٛز کینٛہہ رازداری چھےٚ۔ کینٛہہ پرواے چھُنہٕ تہٕ تیلہِ موٚن ...... مگر بو واتہٕ امہِ راز کس ژٕ کس تل ...... مےٚ چھےٚ پڑھ پتہٕ آسہِ نہٕ یہِ کہنۍ۔ خبر کیاٚ بکواس آسہِ۔ ژےٚ آسبتھ پانے کُنہِ تھرٕ کھاجہٕ۔ مگر اکھ کتھ ونے ژٕ چھُکھ سبٹھے رُت۔ سبٹھاہ رُت چھُکھ۔ سونہٕ کھوتہٕ مولُل سونہٕ گوٚبُر''۔

بو اوسہٕ سے ژےٚ مزید کینٛہہ وُنُن یژھان اما ژےٚ ژٕٹھ منٛزے کتھ، وُنُن چھم زِ چون یہِ فأصلہِ چھُ سبٹھے اصل زِ میانِس رازن وُرن ٹلنٛچ کوٚشش کرکھ نہٕ۔ امیُک فأصلہِ کرِ وقت پانے امہِ باپتھ پریشان گژھنک چُھہ نہٕ ضرور تھے۔ مےٚ اوس یوے اکھ زوٗنا ونان زِ انسانس چھُ تازٕ ہوٗنک حاجت آسان۔ لہٰذا چھُس بو فوری طورتس نشہِ گژھتھ امیُک مطلب زانُن یژھان۔

رازوٕ منہٕن اوس سونچہِ سِدرس منٛز گم ژھوپہٕ دم گرِتھ اِستادٕ۔ سُہ اوس اکہِ بالہٕ وسان تہٕ بیٚیہِ بالہٕ کھسان تہٕ أنٛدرى نتیجہ اخذ کران۔

''یہِ چھُ دراصل سیأسی ژوپہِ گوٚر! بالکل گژھہِ تی آسُن تاون زد۔ یہِ چھُ کیاٚ ہتام خطرناک قدم ٹلنس درپے ...... تہٕ چھُ شبقہٕ ...... بیٚیہِ کیاہ ہیکہِ أستھ اہنسانی چھُ ...... بیٚیہِ ...... بیٚیہِ چھُ ونان دُنیا ئیہِ چھُ پتاہ'' لُس آو منٛزی خیال''۔

''گوٚ ودُنیا چھے ژےٚ یور سمکھنہِ یوان''، لفظس لفظس پٹھ زور دِتھ تہٕ ژٔڈی ژٔڈی وۄن تمیٚ ''بیٚیہِ چھُکھ ژٕ لس شخصس سمکھہٕ نہِ گژھن وول یُس ونان چھُ اسہِ چھُ زیادے تازٕ ہوا ضرورتھ۔ گوسو چھی ...... بیشک گوھہ تیتھ چھٹہِ تہٕ أتھی سےٚتی تعلق

آسُن۔ آ'' تمۍ کوٚ ڈأنڈ ری کنی امیٖک نتیجہٕ؟''

''تمہٕ رٔٹ ازا اکھ چِٹھۍ ......ییمہٕ ستی سوسخ پریشان گیہٕ ......وبسرے یہٕ ......یو

کیاہ ونے کاٗژاہ پریشان گیہٕ۔ مےٚ ہیوٚتُس کیاہتام چون وُنن تہٕ تورٕ گنڈِن گلو

توہندمتہٕ ونتہٕ کھنی ...... پتہٕ ......ووٚنن ......شاید ما آسہٕ اسہٕ عنقریب اکھ اکس نِشہٕ

دوٗرن ......خبر پتہٕ کتھ پٹھ لگی مےٚ پھری پھری شکریہ کرنہٕ۔ پتہٕ ژاییہٕ پننس کُٹھس اندر

تہٕ گرِن أنڈری کنی چِٹھی۔

''تمِس وأ ژ چِٹھۍ'' رِاسکولِنکافن ووٚنُس سوچِس منٛز پتھ۔

''آ ......مگر ژےٚ چھے نا امیٖک پتہٕ''۔

دوٗشوٕ یوٚگرژھوپہٕ۔

''اچھا ......مےٚ اُسن اجازت ...... بایہٕ میانہٕ ......اکھ وقت اوس سُہ تہٕ ......

ییلہٕ خأر ......ژٕھنُس بلاے ......کیاہ وقتا اوس سُہ تہٕ ......مگر ووٚنی کیاہ نیرامہٕ ستی ......

اُسن مےٚ اجازت مےٚ پزٕ ووٚنی نیرُن ......واریاہ ژیرگو ......ووٚنی گژھہٕ نہٕ بوٚ شراب

چینہٕ باپتھ ......ووٚنی چھُنہٕ تمیٖک حاجتھے ......یہٕ گو بلکہ پریشأنی مٔلۍ ہیٚنز ......بکواس تہٕ بییہٕ

نہٕ کینٛہہ''۔

سُہ دراو گنی ووٚٹہِ نبر مگر درواز بند گرِتھے ہیٚر روٚن پوٚت کھوری دُبارٕ تہٕ

ووٚننس نظر رلاونہٕ وراٗے۔

''ہے ژےٚ چھیہٕ یاد سُہ قتل۔ یتھنا پرافری تحقیقات کران اوس تمِس بجہٕ ہُند

قتل ہسا ......سُہ قأتل چھُکھ روٗتمت تمۍ چھُ اقبال جرم کوٚرمُت تہٕ ثبوت تہٕ چھِن

دِتیٖ متی۔ سُہ چھُ تموٕے کأری گرو منٛز اکھ رنگساز ......توبا ......توبا ......ژےٚ چھیہٕ یاد یو

اوسُس ییٖتھی کمرس منٛز تہنٛز طرفدأری کران؟ ژکرکھہٕ یقین ہیرن پٹھ پننس ساٗتھی

لیس ستی یُس ژوٕ نکی تہٕ اسن کھنگالہٕ ژ اونک منظراہ ہوٗ کھ سُہ چھے بس دراہٕ ہرد پھ اکھ

تماشہ اوسمُت ییمہِ ساعتہٕ نادربان تہٕ بێیہِ ژٕ گواہ ہیرن ہیوٚ رچھی اُسی ٲتی کھسان یہِ چھُ تمو شک کاسنُک بہانا بنوومُت۔ کولہ عیاری منٛز تہِ چھُ ووستہٕ، پھچہٕ پٹھ پاڑ گومُت۔ پیٛرٕ جوانی منٛز یوٚتاہ حاضر دمباغ آسُن۔ داد دِنُس لایکھ چھُ۔ کولِل ہوٚن، تٔمی چھُ پانے یہِ سوٗرے قبول کوٚرمُت۔ بانہ بانہ وبڑھنوومُت کوسہٕ حرکت کمہِ موجب گرم۔ مےٚ کاژاہ احمقٲزی کرے یہِ بو اوسہٕ سن بےٚ گوناہ مانان۔ مگر کتھ بێیہِ مانۍ تارن گری تہٕ مکٲری منٛز چھُس نہٕ جواب کانٛہہ۔ وُکیلن تامتھ چوپنہ دنس منٛز چھُ طاق...... خٲریہِ چھےٚ نہٕ تیژاہ حٲرانی ہنٛز کتھ۔ تِتھی لوٚکھ تہِ چھِ آسانے مگر چھیکرس چلے لیس نہٕ یہِ مکٲری تہٕ کوٚرُن اقبال جرم تہٕ توٚرُس فکرِ گز کہو چھُ۔ مےٚ چھُ حٲرت پانس پٹھ گوھان! بو اوسُس پاگلہٕ سنٛدی پٲٹھی تمُس پکھ رچھان!" مگر بےادبی معاف، ژےٚ کٲمی وُنی یہِ دُلیل تہٕ ژےٚ کیاہ خاص دلچسپی چھےٚ اتھ اندر؟" رَاسکولنکافن پرٛژھُس ہنا بےقرٲری اندر۔

"بێیہِ کیاہ ونکھ ژٕ...... ژٕ چھُکھ دپان اتھ منٛز کیا دلچسپی چھم یێژاہ...... بوز...... باقین نشہِ تہٕ بوزمےٚ مگر اصل پٲٹھی وۄن مےٚ پرافری پیٹر وچن...... تٔمی ہے نشہِ یوٚزمےٚ دُلیل بانہ بانہٕ"۔

"پرافری پیٹر ووچس نشہِ؟"

"پرافری پیٹر وچس نشہِ؟" آ۔

"کیا...... تٔمی کیا وۄننے؟"...... رَاسکولنکافن پرٛژ ھنس تزبن تہٕ ژٕرِہن گرٕھتھ۔

"تٔمی وۄن مےٚ وارِیاہ بێیہِ ناپڈ...... ہنہِ ہنہِ پننہِ نفسیاتی نکتہٕ نگاہہٕ ستی وبوھناوِتھ یہِ ناتٔمی گراپچ وبڑھنے؟" وبڑھنے گرناپننہِ آنکوٗنی کنٛز"۔ تمی پرٛژھُس۔

"آ...... آ...... خٲر خدا حافظ...... یو وُنے ژےٚ بێیہِ لٕطہِ امیک سوٗرے تفصیل۔

کیاہ زِوُنی کبس چھُس بوٚ آوُر...... ژٕ نیر...... کیاہ ونے اکھ وکھاوس یِیلہِ بوٚ تہٕ خام خیالی منٛز اوُسس...... خاَر کینٛہہ چھُنہٕ پرواے...... بیٚیہ لٹہِ کرو کتھ......!...... گوڈٕ کیاہ حاجت چھُ وونی مےٚ شراب چینٛنگ؟ شراب چینے کھوٗلتھ ژٕ یے مے امیٚک نشہٕ۔ بالکل چھُس بوٚ زٕنتہٕ نشس اندر...... اچھا خدا حافظ...... بوٚ نیرے تیلہِ...... بوٚ یمےٚ عنقریب بیٚیہ''۔

سُہ دراوٚ اٲتھی سۭتۍ نیبر۔

''یہِ ہسا چھُ سیاسی ژٕ دیہِ باز۔ اتھ منٛز ہیکہِ نہٕ رژھ تہٕ شک اُستھ۔ وارِ وارِ ہیرِ پاو بن یون وسان وسان اوس فٲصلہ کُن طریقہٕ سونچان۔ اٲمۍ چھےٚ بینہٕ تہٕ اتھ ژٕ دیہِ منٛز واجمہٕ۔ برابر نا تہنٛدِس مزاجس عائی مطابق...... گونایم چھی پانہٕ وٲنی سمکھان!...... تمہِ دِژ وامیٚک اشارٕ تہٕ...... تہٕنٛدی کِتیاہ لفظ تہٕ...... کِتیاہ اشارٕ...... لفظن ہٕنٛدِس مانیس یِیلہِ سنو...... یہِ چھےٚ ترٛژھ پژ بژھا یتھ نہٕ گُھر کاسُن سہل چھُ! اُف...... بوٚ کیاہ اوُسس سونچان...... توبا...... کیاہ خیال آیوو مےٚ...... آٹنگہٕ ڈٲلتھ اوسسن بوٚ سُہ قصوروار مانان! مگر خطاتہِ چھُس گوڈٕ پانسے...... تمہِ دوہہ وُلس منٛز گاشہِ لِیہِ تل روزُن...... خاَر...... میون خیال اوس صریحاً زیادتی تہٕ ظلم...... یچھ خیال...... نِکولائن ڈاج اتھ ژورے شُکر چھُ...... تٔمی کوٚر پننہِ جرمُک اعتراف...... دودتہٕ آب گو پانے الگ الگ۔ مگر تیلہِ کیاہ زِ ڈیلیو وسُہ تمن دوہن۔ تہٕنز حرکژٕ ے آسہٕ تعجبس منٛز ترٛاوان...... یا تمہِ بژ وٕہہ یونیورسٹی منٛز...... کوتاہ مویوس تہٕ وُداسی اوس روزان...... مگر تمہِ چھِ ہُنٛد مراد کیاہ چھُ تیلہِ؟ شاید چھُ تتھ منٛز تہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ تیتھ۔ سُۄزِ کٔمی سو چھی تیلہِ؟ میانہِ خیالہٕ......

اوٗ ہو...... مےٚ ہیوٚت بیٚیہ اندازٕ کرُن...... پتاتہٕ چھُ ضرور کرُن ژوٗک کیاہ چھُس!

تِمس آو یکدم دوٗنیاہ یٔہ ہُنٛد خیال۔ تمہٕ سارے کتھہٕ گرٛیزیس کٔن اندر یمہٕ بوزن...... تِمس لوٗگ ہتھ ہتھ گز پھوٚ رو دتھنہِ تہٕ گُنی بٕکھ ترٛاوِتھ لوٗگ ژٕلنہِ۔ تیتھے رازوِ منٛہن دراو ترٛاسکولن کاف وٗتھ تھوٗدتہٕ پوٚک دارِکُن۔ پتہٕ لوٗگ کمرس منٛز اکہِ

کوٚنہٕ پٮ۪ٹھہٕ بیٚیس کوٚنس تام اوٚر یور کرنہٕ زنتہٕ پننہٕ کمرٕ ژھوچرٕک اَحساس اوسُس نہٕ روٚدمُت ۔ أتھی منٛز آوصوفس گُن تہٕ بیوٚٹھ أتھی پٮ۪ٹھ ...... تٔمس اوس پان تازٕ باسان زنتہٕ ژٕہو نُو توژھ أسس پأدٕ گأمٕژ ...... اچھا تہٕ نِو سرٕ چھُ جٕکھن ...... خأرٕ بٔچنٛج سبیل تہٕ درایہٕ ۔

آ ...... بٔچنٛج سبیل درایہٕ ......تنہٕ کوتا دم پھٕٹٕ روٚدُس ...... کِتیاہ صدم پیٚأم تٔلنٛز ......وأنٛجہٕ پٮ۪ٹھ اوسُم زنتہٕ پہاڑٕ بہتھ''۔ بعضے اوس تس تیٚتھ آلُژھ یوان زباسان اوس زندگی نِشہٕ چھُ بے زار گومُت ۔ خاص کٔرِتھ روٚد ٹیٚچروفنہٕ واقعہٕ پتہٕ یُس پرافری پیٹرووچنس دفترس منٛز سپُد زنتہٕ پھرٕیٹ ژٕ رہیوٚ۔ زنتہٕ ترغس منٛز پھٔسِتھ بٔچنٛج کانٛہہ سبیل أسس نہٕ روٚزمٕژ ۔ ٹیٚچروفنہٕ اعتراف جرم کرنہٕ پتہٕ آس تٔمی دوہہ سونیایہٕ سٕتی کرنہٕ آمُت پنُن ملاقات تہٕ بأنہٕ بأنہٕ یاد۔ پنُن سوٗرے طور طریقہٕ تہٕ پنُن کتھ کلامہٕ ییمیُک نہٕ تٔمی بژ وٕنہہ سوٚنچمُت تہٕ اوس ییمہِ سببہٕ سُہ لاغر گومُت اوس۔ بنیادٕ ے أسس نہٕ کانٛہہ یتھ پٮ۪ٹھ زندٕ روٚزِتھ ہیٚکہِ ہے۔ تہٕ تٔمی اوس سونیایہِ ہنٛزٕ یتھ کتھہِ سٕتی اتفاق تہٕ کوٚرمُت تہٕ پننہٕ دِلہٕ تہٕ یہ کتھ مأنی مٕژ زِ تھس ذہنی دباوس تل ہیٚکہِ نہٕ سُہ کٕنے زٕون زٕتھ۔

نی تون ہوٚسیوادری گیلاف؟ سُہ تہٕ اوس اکھ پزٕ بٔنیومُت ...... سُہ تہٕ اوس أمِس پریشان کران اما پوٚز سو پریشأنی أس امہٕ کتھہِ نِشہٕ مختلف ۔ ممکن چھُ سیوادری گیلافس سٕتی پیٚیہٕ وُنتہٕ بتھی لاگے کرٕنی ۔ مگر اد سیوادری گیلافس چوپنہ دِتھ بچُن چھُ آسانٕے پوٚز پرافری سُنٛد معاملہٕ چھُ بالکل وکھرٕ ۔

''گو پرافری ین تو ریہ معاملہٕ رازٕ و منہنس وبرٕ ھنأوِتھ فکرِ سُہ تہٕ نفسیأتی نکتہٕ نگاہ نظرِ تل تھأوِتھ۔ یہ چھُ کوٚلل بٔیہٕ یہے پننٕ نفسیأتی تگن گری منٛز دلس ترٕ اوان۔ بلاے چھُ یہٕ پرادفری تہٕ! پزیا تٔمس اگرے سونچو ٹیٚچروف قصوروار مأنن ۔ ٹیٚچروفس برونہہ یےٚ نے یُتاہ وٕنمس ۔ تٔمی کیا انٹرویو کریو دمے۔ میٚتہٕ کتہِ مأنی ہار حالانکہ کینٛہہ ژٕ رنیرٕ تھ ژلنس پٮ۪ٹھ ہیٚکہِ ہے سُہ خأرٕ (تن دوٚہن پرافری یس ئٕ سٕ سپُد یومُت سُہ واقعہ یاد پننہٕ سٕتی اوس

وۄ ری وۄ ری وۄ تھان اِو یکنی اوس سُہ امیک خیالے ذیٚہنہٕ منٛز کڈُن یژھان کیازِ اَمس اوس وارے سو کھ راوان) تِژھہٕ کتھہٕ۔ تیٚتھ کلامہٕ۔ تیٚتھ تکرار۔ تِژھہٕ حرکژ۔ تِژھہٕ نظریمہٕ اور یور واریاہ کینٛہہ بیان کران آسہٕ، گوٚ ژھاسُہ مٔشراوُن۔ ٹیچر وفس پیٹھ گوٚ ژھنہٕ تس شک تہٕ گرژھُن اِدوٗ پچھُن تِنہٕ۔ تٔہندِ اکہٕ لفظہٕ ستیٚ وۄتھ سُہ تمس دِلس منٛز تھاہ لاینہٕ...... ہنہ...... تٔہنٛز کانٛہہ تہٕ حرکت کانٛہہ تہٕ کلامہٕ گوٚ ژھنہٕ اوہند پوٚختہٕ شک بدلأوِتھ ہیٚکُن۔

''تہٕ رازومنہن تہٕ چھُ اُمی ہے پیٹھ شک کرنہٕ لوٚ گمُت۔ تمیٚک مانہٕ گوٚ ویمپس تلہٕ کنہٕ میٲنی کرنہٕ آمژ کاروٲیی روٗز کارگرٕ ے۔ حالانکہ سُہ گوٚیو دَوان دَوان پرافری لیس نِشہٕ...... مگر ٹیچر وفن تہٕ کیازِ کھیوٚ و تمس بُتھ...... رازومنہنس کیازِ روٗ دسُہ ٹیچر وف گُنے ظون پھِرناوان...... وجہ کیا ہیکہٕ اُستھ...... اتھ منٛز تہٕ آسہٕ تس کینٛہہ مطلب...... کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ منصوبہٕ آسہٕ تٔہندِس ذہنس اندر۔ مگر کیا؟ خاٗرتمہٕ صبح پیٹھہٕ وُنیٚستام درائے گژھنژ روٗس صبح۔ یوتاہ زمانہٕ گوٚ و۔ اتھ پیٹھ لگہٕ نہٕ سوٗنچُن۔ تِنہٕ نے پرافری یُن ستھ نہ بتھ کنِن گوٚ و۔ خاٗریہ کینٛژ ھا تمہٕ دۄہہ گوٚ وتہٕ سپدِ نہٕ ٹھیک کینٛہہ...... توباہ......''

رَاسکولن کافن تُج لوٚپی اَتھس کبتھ تہٕ دراو کمرِ منٛز نبر مگروٗنہٕ تہٕ اوس سوٗنچ کِس سٔدرس منٛز ییرِ۔ واریاہ کالی اوس از توٚہند ذہن یلہٕ گنہٕ قسمہٕ کہٕ خوفہٕ نِشہٕ صاف تہٕ پاک گنہٕ قسچ لمہٕ لمہٕ اُسس نہٕ ''گوڈٕ پزٕ مے سیوادری گیلافس ستیٚ معاملہٕ اُنزُرُن'' تمہٕ سوٗنچ ''مے چھُ باسان سُہ تہٕ چھُ میٚے پزاران۔ خاٗر یو گژھس توٗ ری۔ کوٗلہٕ پوٚ یہ کھیاوَن'' اَتھی منٛز آس دِلس منٛز نفرتُک سہلاب وۄتلتھ۔ سُہ کرِہے برابر یمو دوٚیو منٛز سیوادری گیلاف یا پرافری سُنٛد قتل۔ کم از کم سوٗنچُن اگرے وُنی کیٚس ہیٚکہ نہٕ قتل گرِتھ پتہٕ لاکن کرکھ ضرور۔

''وچھو......وچھو'' سُہ اوس پانٕی پانس ستیٚ پھِری پھِری وَنان مگروٗنہٕ اوس سُہ مأنی تو درواز نیرنے نیرُ آیو وُزس منٛز پرافری لیس ستیٚ چھاونہٕ۔ سُہ اوس اُمی ہے

سمکھہٕ نہٕ اوراژان۔ رَاسکولنکافس گوٚ وبرٛنزس کھنڈس زنتہٕ شہے بند۔ مگر تعجب چھُ یہِ زِ سُہ وُچھِتھ نہ کھوٗژُسہ تہٕ نہ گوٚ وحاٗرانٕے۔ تُمۍ کڈ ڈٔپو ووٗٹھ ہش مگرٕ ستی سندوٗرن تہٕ لوٚگ بچاوِ کینٛہہ تدبیرن نسبتھ سونچنہٕ۔ یہِ کیاہ زِ آویورتہٕ گگرٕ سنٛدی پاٗٹھی پوٚک، مےٚ توٚ رنہٕ فکری۔ یہِ ماچھُ شاہ پتاہ کڈنہٕ لوٚگمت؟ یہِ مااوس کن دِوان؟

"ژےٚ آسہِ ہی نہٕ سوٗنچمت تہٕ وُنی کیٛس کیاہ پٔیہِ کاتھہ سمکھہٕ نہٕ۔ چھا پوٚز؟ رَاسکولنکاف ون ساٗ" پرافری ین ووٗنُس اَسان اَسان۔ واریا ہودہ ہو پیٹھہٕ ووٗتُم ونان یوریمہٕ وُنی کینٛہہ دراس یپاٗرکہ تہٕ دوٚپُم ژےٚ سمکھے۔ ژٕ چھُکھ کوٚت تام درامُت۔ خاٗر بوٗٹھہرنہٕ زیاد کالس سگریٹا اکھ چیمہٕ تہٕ نیرٕ۔

"اِد وولہٕ" رَاسکولنکاف ژاو واپس کمرس منٛزتہٕ بڈ اطمینانہٕ، سکونہٕ تہٕ اسہٕ وُنہٕ ہوٚنچہٕ کوٚرُن پرٛہس کُرسی پیٹھ بیہنُک اِشارٕ۔ اگرے سُہ امہِ وِزِہنز پننٛی حالت وُچھِتھ ہیٛکہِ ہے سُہ کڈِ ہے پانہٕ تہٕ کریمانہٕ۔

"اٰخری ژٕہی واٗتی چھیکرس۔ ڈٔپو یم قطرٕ گژِ تام باقی چھی موکلاوَو"۔ یِلہِ کاٗنسہِ قزاقس تل انسان لگان چھُ تس چھُ اٰخری اوٗ ڈگنٛٹہٕ بوٚڈ سرمایہٕ باسان تہٕ چھُ منہٕ مطاٗبق گذاران۔ ڈٔپو یِلہِ شراک ۂتس پیٹھ واتان چھے انسانس چھُ سورُے خوف ختم سپدان۔ یہے حالت اُس رَاسکولنکاٗنز تہِ۔ تِمس تہٕ ژھینٛژ خوٚچ رَگ۔

رَاسکولنکاف روٗد پوٗرٕ اطمینانہٕ تہٕ سکونہٕ سان پرافری یس مُدٔ اے گنڈتھ ٹھہندِس سوالس پرٛاران مگر پرافری لوٚگ سُہ نظرانداز کٔرِتھ سگریٹ زالنہِ۔

"وَن سا...... ونان کونہٕ چھُکھ۔ کیاہ ہٕنٛز چھے دِلس منٛز" باسان اوس رَاسکولنکافنہٕ نہٕ بوٗزِ نیرن وُنی یم لفظ ٹھہندِ دِلُک قاٗد پرٛاُٹھ "وَن سا۔ کتھ کیاہ زِ چھُکھنہٕ کران؟

☆☆☆

# (۲)

''ہاے یم سگریٹ'' آخرکار ہیوٚت اکھ سگریٹ زٲلتھ پراوفری پیٹر ووچن کلامہٕ کرُن ''یم چھی مضر مگر بوٗچھس نہٕ ہبکان تژ اٲوِ تھےٚ۔ مےٚ چھےٚ ژاس تہٕ یوان۔ ہٹس چھم خراش لگان۔ شاہ کھالنس والنس چھم دِقعت یوان مگر کرِ کیاہ۔ ہپٲری چھُسے بوٗ بزُدِل تہٕ۔ بوٗچھُسے مرنس سخ کھوژان۔ اوترے گوس بوٗ اَکس سبٹھےٚ ماہر ڈاکٹرس نشہِ کیٛا چھُس ناو...... آ...... ڈاکٹر لی...... کہنی نے تہٕ اوٗ ڈاوٗ ڈگنٕہ چھُ اَکس بیمارس سُہ وُچھنس لاگان۔ خاٲرمےٚ وُچھی تھےٚ پھوٗٹ تِمس اُسن تہٕ ووٗن سپنس دوگ دوگ دِتھ...... تموک چوٚن...... چھیہِ پتاہ...... یہ چھُ چانہِ باپتھ زہر قاتل...... ششہٕ ناری چھی خراب گاٮ۪تی'' مگر چھُس نہٕ سگریٹ چیٛنۍ ترک کرِتھ ہبکان ژےٚ ونتہٕ کرِ کیٛا؟ امہِ بدلہٕ کیٛا کھمہٕ چمہٕ؟ شراب چھُس نہٕ بوٗ چوان۔ یہے تہٕ چھےٚ میٲنۍ غلطی شاید...... ہی...... ہی...... سورُے اثر چھُ شرابے کرناوان...... ہی ہی ہی

......دراصل چھُ دُنیاہس منز پرٕ بتھ کُنہٕ چیزس اکھا اَکس ستی تعلق ہی ہی ہی''۔

رٲسکولنکافس کھوٗتتر ''کوٗلل...... یہِ چھُ بیٚیہ پٔنٕز پیشہِ ورانہٕ نفسیات ورتاوان'' تمۍ سوٗنچ۔ منزی آیہ اُمس پننہٕ پتمہِ ملاقاتکی تفصیل بٲنہٕ بٲنہٕ یاد۔ اُمس لوٗگ رژھہِ کھنچہِ بزٕ وٗہہ ووٚتلِتھ آمُت طوفان بیٚیہ ژھتہٕ مارنہٕ۔

''ژےٚ چھیہِ پتاہ...... بوٗ آیوس یوٗتہٕ یور ژےٚ ستی ملاقات کرنہٕ۔ ژےٚ چھےٚ نہٕ پتا کمرس اورٕ یور نظراہ تژ اٲوِتھ ووٗننس۔'' آ...... پیٹھی کمرس منز آیوس۔ اَز کی پٲٹھی اوٗسُس بپٲری پکان تہٕ سوٚچم ژےٚ ستی سمکھ آخرٕ شیٛلامےٚ نشہِ یکھےٚ تہٕ پرُین۔

اِد کیا بوزٕاس کمرس منز۔ژٕے پزٕاریو سے مگر ...... کمرک درواز اوس یلے۔ چھیکرس دراس تہٕ چاٗنس نوکرس تہٕ وۄنُم نہٕ پٔنن ناو۔ ہے ژٕ کیاز چھکھنہٕ کمرُک درواز بند کران؟"

رَاسکولِنکافس ڈوٗل بُتھیُک رنگ۔سونچنہٕ لوٗگ شاید چھُ پراوفری لیس میانہٕ دلک حال فکرتوٗ رمُت۔

"بوچھُس دراصل ژٕے ہتی ...... میانہٕ یار ...... اکھ دِلچ کتھ کرنہٕ آمُت ...... تیٚمچ وضاحت چھےٚ مےٚ ضرور ژٕے نِشہٕ کرٕنی۔ اٗخر دوستہٕ چھُکھا کِنہٕ نہٕ! بوگژھہٕ ضرور ژٕے نِشہٕ کتھہِ گینٛی کڈُن،" تمی تھووتھکہٕ ورآے وُٹھن پیٹھ اُسن زاے کھاٗلتھ کلامہٕ جاٗری تہٕ رَاسکولِنکافنِس کوٗتھس دیُتن یہِ ونان ونان رژھاژبل خوش گفی کٔرِتھ۔

پراوفری نِس بُتھِس پیٹھ اٗس سنجیدگی تہٕ ہتی وۄلُس مویوسی نال۔ امکی آثار تری رَاسکولِنکافس، حاٗرت چھُ، یکدم فکرِ۔ تمی اٗس نہٕ پراوفری نِس بُتھِس پیٹھ یِژھ مویوسی زانھہ وُچھمٕژ تہٕ نہ اٗسس زانھہ اِچھ وۄمیدٕ ے گٔنِمژٕ۔

"سأنِس پتِمِس ملاقاتس دوران سپُد عجیب تماشہٕ تہٕ سون گوڈنیُک ملاقات تہٕ سپُد امہِ کھوتہٕ زیادٕ عجیبے پأٹھی۔ دراصل گے اکہِ پتہٕ بیا کھ واقعہٕ تِتھی پتہٕ چھانٹنگہٕ ڈلان۔ خاٗروہٕ نی گیہِ کتھ صاف۔ وونی مارُوٗ داتھ منز کانٛہہ شک۔ مگر ژٕے ہتی رۄدنہٕ میون ورتاوُرت۔ مےٚ چھُ امیُک احساس۔ یاد چھُیہِ اٗسی کتھہٕ گٔنی سپدی اکھ اکس نِشہٕ روخصت۔ ژٕ تہٕ اوسکھ زبردست پریشان ژٕے آسے زنگہٕ نٹان۔ تہٕ بو تہٕ اوسُس تِتھی سے حالتس منز۔ ژٕے آسی یاد اٗسی زنتہٕ اکھ اکی ہنٛدی دُشمن اٗسی۔ یہِ چھنہٕ شریفن ہُنٛد کار حالانکہ اٗسی دوشوے چھی شریف۔ تہٕ پتاچھُیہِ کتھ کوٗت اٗس واٗتمٕژ ...... عفو ...... عفو ...... سبٹھے ووکھہٕ حرکت اٗس ...... دپھ یہِ اٗس ناشائستگی"۔

"اٗخر مراد کیا چھُ اٗمِس ...... یہِ کیاہ چھُ مے نِشہٕ زانُن یژھان" رَاسکولِنکافن تل پاٗنی پانس سوال کٔرِتھ کلہٕ تھوٗد تہٕ رۄود پراوفری لیس مُداٗے گنٛڈِتھ۔

''مےٚ چھُ یِیمہِ کتھہِ ہُنٛد فأصلہٕ کوٚرمُت زِ اسہِ باہم چھُ دِل مژٕ رٕتھ روزُنۍ بہتر''، پراوفری پیٹرٚ ووچن وۄننس گردن بٔیِس انٛدس گُن پھِرِتھ تہٕ نظر بون گُن ترٛأوِتھ یِیمہِ آیہِ زنتہٕ پٔننس پرٛأنِس شکارس ووٚنی پریشان اوسنہٕ کرُن یژھان تہٕ اوس پننہِ حرکژ پیٚٹھ شرمنٛدٕ ''آ...... یُتھ شک تہٕ یِتھۍ واقعہٕ کِتس کالس روزن سپدان۔ دپھ یہِ چھنہٕ زیادٕ کالس چلان۔ رَاسکولنِکافن کوٚرنوکتہٕ صاف نتہٕ چھُ مےٚ باسان خبر کیٛا نتیجہ نیرِ ہے۔ ''سُہ بد بخت کأری گراوسے تمہِ وزِ اپأری مِس کمرس منٛز بہتھ...... ژٕ نے تو ریہِ فکرِ تہٕ؟ ژےٚ چھیہِ مولوٗم سُہ اوے ژےٚ پوٚتس سمکھنہٕ تہٕ کوٚلل۔ بوونے ژےٚ تمہِ وِزِ نہ اوس مےٚ کانٛہہ ناد دِتھے انہٕ نو ومُت تہٕ نہ اوسُم بڑوٗ ہے کانٛہہ منصوبہٕ بنو ومُت۔ ژےٚ گوٚے ناحقہٕ امیٛگ شک۔ ووٚنی زن کرکھ ژٕ سوال ژےٚ اَےتی کوٚرُتھ۔ یوٚچھس پرٛزی راوان زِ بوٗ کیٛا وونے ژےٚ در جواب۔ دراصل سپُد یہِ واقعہ تیُٚتاہ برق رفتأری اندر زِ مینٛہِ رٕأوی اتھ وُترِ باثبرِ منٛز حبس۔ تم ڈیڈی وان تہٕ أنم تمہِ وِزِ افراتفری ہِنٛدِس عالمس منٛزٕ ےبُلأوِتھ۔ خأر ژےٚ تہٕ آسنے تمہِ وِزِ دربان وٗچھمتۍ یِیمہِ کِس بنیادس پیٚٹھ مےٚ ہوٚکی پأٹھی اکھ خیال آوتہٕ ژےٚ آسی فکرِتو رُمت زِ میون خیال کوتاہ پوٚختہٕ چھُ آسان تہٕ اسہِ چھنہٕ یِتھۍ واقعات گُنہٕ تہٕ صوٚرتس منٛز حبس ڈالان نہ چھی أسی پٔنٛن فأصلے بدلأوِتھ ہبکان۔ أخر تجربہٕ چھُنا! خأر بنان یتہٕ۔ کیٛنٛہہ پرواے چھنہٕ روٗژمُت کوٚترٛژوٗل اتھس دِگ دِتھ۔ بو ترٛاون نہٕ یٛیہِ کرن زیر۔ مگر فی الحال کیٛا زِ ترٛاوون اتھہٕ لوٗگمُت جانور۔ آزماونس منٛز کیٛا حرجے چھُ'' یٛیہِ ونے میانہٕ یارٕ مےٚ چھنہٕ ہرگز تہٕ ضرورتھ چیز اتھ منٛز ترٛاوننک اجازت تہٕ یہِ یژھان چھُس تہٕ چھُس پرٛاوان۔ یہِ گیہِ میأنۍ کتھ، ووٚنی ونے چأنۍ کتھ۔ مُشکل نے گژھی ژٕ چھُکھ بڈتیشل ژٕ چھُکھ پیٛنتہٕ پتہٕ پیٛنتہٕ شرارت کران تہٕ یہِ چھُ چانٛین دۄیمین صفتن یِمن ہُنٛدے مےٚ اعتراف چھُ خاکس رلاوان۔ تمہِ ساعتہٕ آوٕ مےٚ خیال عام پأٹھی چھنہٕ کہنہٕ تہٕ تیتِس اندر یُتاہ جلد پٔنٛن سوٗرے کوٚرمُت کرو ومُت

باوان۔ سُہ گوٚو ہرگاہ زبردست تیش دِنہٕ ییہ تیٚلہِ چھُ کانْہہ پھٹان تہٕ نوان دروکھ دِتھ سوٗرے وُنْتھ۔ مگر ساری نہٕ خال کانْہہ۔ اڈبن چھی اتھ منزٕ تہٕ ٹنگہ برابر روزان تہٕ چھ پٔتن خار سونچان۔ ہرگاہ مےٚ کانْہہ ثبوت میلہِ ہے لوکٹہٕ کھوتہٕ لوکُٹ یا موموٗلی کھوتہٕ موموٗلی تہِ نہ زِ خیالی یا نفسیاتی تیٚلہِ اوس کینْہہ تہٕ ممکن۔ اگر اسہِ تیُتھ ثبوت بدس ییہِ تیٚلہِ برون اَسی گونہگار بوٗجن بشرطیکہ سُہ پزی گونہگار آسہِ تہٕ خلاف توقع نتیجہ دموکڈتھ چونکہ مےٚ اوس چانہِ بدمزاجی پیٹھ تکیہ کوٚرمُت۔ مےٚ اَس پژھ زِ چون تیش، چانْی تند مزاجی، چون وُٹھی وُٹھی گرٹھُن تہٕ شرارت کھسُن دیہ مےٚ ضرور کانْہہ نتہٕ کانْہہ ثبوت۔ اوے چھس کریمانہٕ کڈان زِ مےٚ کیاز کوٚر چانْس طبیعتس پیٹھ یوٚتاہ زیادٕ بروسہٕ۔

''چانہِ وننک مطلب کیاہ چھُ'' راسکولنکافس ژلی یم لفظ زنتہٕ دندٕ بری نیرتھ نتہٕ اوسُس نہٕ امیُک کانْہہ ارادٕ۔

''چھُ کیا اوہند منشہِ؟'' بے قراری اندر لوٗگ سُہ سونچنہٕ ''یہِ چھا تیٚلہِ مےٚ واقعی بےٚ گوناہ مانان؟''۔

''بوچھس یژھان یہِ کتھ صاف کرِنی زِ میون سخت رویہ تہٕ ژےٚ روگہِ روگہِ وُچھن گوٚو دراصل تتی پیٹھہٕ شروع...... خار...... ژےٚ ووتے میانہِ ستی سخت یزا۔ ژےٚ پیوٚے واریاہ تکلیف ژلن۔ مگر پژھ کر میانہِ یارٕ بوچھس نہٕ عفریت ...... بوچھس زانان یُس شخص بدقسمت چھُ آسان مگر خوددار تہِ ......یُس بے خبر تہٕ آسہِ خاص کرِتھ آسہِ نہٕ یُتھ تکلیف وُچھتھ سوکھہٕ روزان تِمس آسہِ پنِنس قابلیتس پیٹھ ناز کرِتھ تہٕ یتھِ ناروا سلوکہ ستی توس ووتھان سُہ ہیکہِ امہِ اندری وٹھہٕ ستی پاگل گژھتھ۔ میانہِ حسابہٕ چھکھ ژٕ سبٹھاہ شریف النفس کردار۔ ژےٚ اندر چھ اعلیٰ وقارٕ کی تمام عنصر موجود حالانکہ بوچھس نہٕ روپیہ ہٕژ روپے چانِن خیالن ستی اتفاق تہٕ کران۔ کیازِ بوچھمے ژےٚ صاف پاٹھی تہٕ

خلوصہٕ سان واشرأ وِتھ پٔنٕز کتھ ونان۔ یُتھ ژٕ میانہِ طرفہٕ کانٛہہ چوپنھ کھکھ نہٕ۔ مےٚ یِیلہِ ژےٚ ہتیٚ زان پچھان سپز ژےٚ نیٖوٗتھ میون دِل مُہتھ۔ ژٕ اسکھ شاید میانہِ یمہٕ کتھہٕ ہوٗ زِتھ ژےٚ چھےٚ تمیٖک حق تہِ، مےٚ چھُنا پتاہ ژےٚ چھُسے بو کھران تہٕ خوش تہِ کیٛازِ کرے تیٚتھ چھُنہٕ مےٚ پانس تہِ کانٛہہ وجہ باسان۔ خأر ژےٚ یہِ دِل یژھی تہٕ تہِ سوچھےٚ چأنٛی مرضی مگر بو چھُس یژھان پانس متلق چأنٛس دِلس منٛز پأدٕ سپد مُت توٗژر نہناوُن تہٕ ہاوُن زیوٗتہِ. چھُس اکھ دلدار انسان۔ میٲنہِ چھُ ضمیر۔ بو چھُسے خلوصہٕ سان پنٕنہِ دِلٕچ کتھ ونان"۔

پرافری ین دیٚت دم۔ رَاسکولِنکافنس دِلس اَسی عجیب وٕ وٕکھرٕ ی لگان یم تس زیادٕ بیدار روزنٕچ زیرٕ دِوان اَسی۔ یہِ خیال زِ پرافری چھا اَمِس بےٚ گوناہ مانان اوس اَمِس تبنٛگلن پیٹھ تھوان۔

"اسہِ کیٛا ضروری چھُ سارٕنے کتھن زول دیُن"...... پرافری ین تھوو کلامہٕ جأری۔ "میانہِ خأہشہِ باوجود تہِ ہیٚکہٕ نہٕ تہِ کٔرِتھ۔ مثلن نا...... کم افواہ اَسیا گشت کران۔ کٔمی پھہلأ وی، کیٛازِ پھہلأوی تہٕ میانٛبن کٔمن کر گےٚ تم عفو...... تموٕ ہتیٚ کتھہٕ گٔز گوکھ ژٕ مُتأثر۔ مےٚ چھُنہٕ تِمن سننٛگ حاجت۔ مےٚ گوٚ واکہِ واقعہٕ کٔنز شک۔ تہٕ سُہ واقعہ زن آسہِ ہے نہٕ سپد مُت مگر سپد۔ بو چھُسے پٔنٕز وأنٛج ژےٚ بڑٕ وٛنہہ کٔنہِ مُژراوان۔ بوے اوُسُس یس گوڈٕ ژےٚ پیٹھ شک گو۔ بیٚیہِ بجہٕ ہٕنٛدی تحریر۔ خأر ژٕ ھٕنُس بلاے تم کتھ لگی وونی۔ چأنٛی رہن تھاونہٕ آٲتی چیز اَسی ہتہٕ وادن منٛز اکھ تمہِ ہتیٚ تہِ کیٛا گژھہِ ہے مگر ہپأری بوٗ ژٕم شیٚچھی دفترس منٛز چانہِ بےہوش سپدنٕچ۔ وٕنن وأ لی وٕ ون مےٚ بأنہٕ بأنہٕ۔ یتھہٕ پأٹھی روٗز کتھہِ ہتیٚ کتھ رلان دپ ساگرس ہتیٚ کوٚ ررٕ ودرلان۔ میانہِ یارٕ ژےٚ ؤن بو کتھہٕ ساٗنٛی ہبکہٕ ہا یُتھ نتیجہ اخذ کرنہٕ نِشہِ باز روٗزِتھ۔ یہِ گیہِ تِژٕھے کتھ ناسہٕ انگریزی محاورٕ چھُنا ہتھ خرگوش تے آسن گُرماہبکو کھ بنأوِتھ...... ہمن یمن شکن پیٹھ ہیوٚ کٔنہٕ توے ثبوت گرنہٕ یتھ۔ یہِ چھُ اکھ دوٗپ یُس دانا ہووٕ نُمت چھُ۔ مگر بندٕ چھُ بشر

اکھ ؤکیل ووت نہٕ مارن سُہ کوتاہ کرِ بچور۔ انسانٕنے چھُ سُہ تہٕ، مےٚ ورتاوِ پزٕی جائنبدأری۔ مےٚ اوس رسالس منٛز چھپومُت چون سُہ مضمون تہٕ ذہنس منٛز یتھ پٕٹھ نا اسہٕ گوڈٕنکی ہےٚ ملاقاتس پٕٹھ کُھلہٕ ڈُلہٕ بحث کوٚر۔ ژےٚ چھیہٕ یاد۔ تمہٕ ساعتہٕ اوسہٕ سے بوٚ ژےٚ ٹائنہٕ کران تہٕ خوش گفی ئِستی اوٚسُس دراصل چون اوندرو چھان۔ بوٚ چھسے یٔیہ ونان ژٕ چھُکھ علیل تہٕ وترٕ بانہری تہٕ۔ مگر بڈٕ دلیر، جرأت وول، بوٚ رد بار تہٕ أندرٕ ہٕمل تہٕ چھُکھ۔ یہ اوٚسُس بوٚ گوڈے زانان۔ اوٚ کنی باسیوونہٕ مےٚ چون مضمون کُنہٕ تعجبس لایکھ یہٕ اوس ننٛدٕرتہٕ نہہٕ گجرٕ ن رأژن منٛز سوچنہٕ آمُت تخلیق یٔیلہٕ دِل بیقرأری اندرٕ دُب دُب کران اوسمُت چھُ یہ چھُ پریشانی تہٕ جذباتن کھش کرنہٕ کیٚن حالاتن منٛز لکھنہٕ آمُت۔ اتھ منٛز چھُ ونہٕ آمُت زِ جوان لوٗکن ہنٛدی جذبات دباوٕنی تہٕ تہنٛز ٹینٛٹھ وائنی چھُ خطرناک ہٕکان ثابت سپدِتھ۔ بوٚ اوسسے ژےٚ تمہٕ وِزِ ختٕ کران اماپوٚز یٔیمہٕ کتھہٕ ہنٛد اعتراف کرِتھ چھسے بوٚ ننہٕ وانہٕ پأٹھی باوٕن یژھان زِ بوٚ چھُس یتھن ابتدأیی دورٕ کیٚن مضمونن ہنٛد شوقہٕ سان مطالعہ کران یمن اندر جوأنی ہنٛد جوش موجود آسان چھُ۔ یِم چھی مےٚ سخ پسند۔ میٚتہٕ چھُنا رژھ کھنڈٕ ادبی ذوق۔ ’’دٕہ تہٕ دٕہس وزٕونی تار۔‘‘ یوٚہے چھُ چانہٕ مضمونُک موضوع۔ یہ چھُنہٕ کُنہٕ واضح تہٕ ٹاکارٕ خیال باوژ ہنٛد مضمون مگر لکھن وألی سُنٛد خلوص چھُ نوٗن۔ اتھ منٛز یٔیمہٕ آیہٕ جوأنی ہنٛد جوش تہٕ ٹینٛٹھ تہٕ مویوسانہٕ بےٚ بأکی تہٕ غمگینی ہنٛد اظہار کرنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ امہٕ مضمونُک روح۔ مےٚ یٔیلہٕ چون مضمون پوٚر مےٚ تھوٚیہٕ الگ کڈِتھ یہ سوٗنچتھ زِ یہ جوان چھُ عام جوانو نشہٕ بیوٗن تہٕ بدٕوٗن وتہٕ پٕٹھ پکن وول۔ ووٗنی زن پزٕ ژھے بوٚ ژےٚ نے زِ بوٚ کتھہٕ ہیکہٕ ہا تمہٕ کاروأیی نشہٕ پان بچتھ رٔٹتھ۔ یوسہٕ پتہٕ سپز۔ امہٕ پتہٕ سینوس بوٚ اتھ مضمونس بٔیہٕ یٔیمہٕ غرضہٕ زِ أخرٕ چھُ کیا اتھ منٛز باونہٕ آمُت۔ بٔری...... کہنی نہٕ...... دپھ کہنی نہٕ...... تہٕ یتہٕ چھےٚ حقیقت زِ اکس تحقیقات کرن وألِس ؤکیلس پزنہٕ محض خیالن ہنٛز بنیادٕ پٕٹھ کانہہ نتیجہ کڈُن۔

میانہِ ٹاٹھہِ بوچھسے نہٕ ژٕرے کانٛہہ خاص کتھ وٕنٛنۍ یژھان۔ نہٕ چھُس وُنی کںٛس کانٛہہ بیان دِیُن یژھان خاص کٔرِتھ۔ییٚلہِ ہُپارِ ٹیچر وف پانس خلاف شبقہٕ ثبوت ہیتھ کھڑا چھُ۔ ژٕ یہٕ کینژھاہ سونچکھ تہٕ تہِ مگر ثبوت چھُ ثبوتے۔سُہ تہٕ چھُ پنٛنہِ نفسیات ہیتھ بڑ ونٛہہ گُن یوان تہٕ اسہِ چھُ اتھ پیٹھ غور کرُن کیازِ یہٕ چھُ کانٛسہِ ہنٛزِ زندگی تہٕ موتک سوال۔ بوکیازِ چھُسے یہٕ بأنہٕ بأنہٕ ونان محض اوٚ کنہِ زِ ژٕ رے تری فکرِ تمہِ وِزِ کیا وجہ اوس میانہِ خراب وٕطیرُک۔ویسے اوس نہٕ میون وٕطیرِ کینہہٕ بوٚ رُت۔ہی ہی۔مےٚ چھُ پوٗرٕ یقین۔ ژٕ ما چھُکھ سونچان مےٚ کٔرنہٕ چانہٕ ییمہِ کمرٕ چ تلأشی تمہِ وِزِ۔مگر جنابو مےٚ کٔر تلأشی ییمہِ وِزِ ژٕ بستر علالتس پیٹھ دبن اوسُکھ۔مگرا کھ نہٕ اُس سوتونونی تہٕ باقأعدٕ تلأشی تہٕ نہٕ کٔرمےٚ ئکھ پانے یورٕتھ۔تمہِ وِزِ اوس شک مگر خاہے۔رژھہِ رژھہِ پیٚنتس پیٚنتس دِژٕلسہِ دوٕنژھ۔مگر دراونہٕ کینٛہہ۔اما پوٚز امہِ ستۍ گوس نہٕ بوموٕس بلکہ سونچُم وونی ییہِ یہٕ نوجوان کُنہِ تہٕ قمتس پیٹھ پانے مےٚ نِشہِ۔اگرے مُجرم آسہِ تیٚلہِ ییہِ ضرور۔ہرگاہ اُہنٛزٕ جایہِ بدل کانٛہہ مجرم آسہِ ہے سُہ ییہ ہے نہٕ مگر یہٕ ییہِ ضرور۔ژٕےٚ چھیہٕ یاد رازٕ ونٛہنٛن کمہِ آیہِ کوٚرژٕ ےٚ ستۍ اتھ موضوعس پیٹھ بحث؟ تُمس اُسے اپ تأئیم مےٚ کٔرمٕژ۔سوٗاُس ژٕ ےٚ وُتش دِنہٕ باپتھ اکھ چال۔اُسۍ اُسۍ ٹڈِ پھلاوان تہٕ مقصد اوس رازٕ ونٛہنس ییہِ ژٕےٚ ستۍ کتھ کرنس موقعہ۔اسہِ اُس خبر تہٕ ژٕ ےٚ تہٕ چھےٚ وونی مولوم سُہ چھُنہٕ پنٛن غوصہٕ تہٕ جوش دبأوِتھ ہیکان۔مگر سارِوے کھوتہٕ بڑ ونٛٹھ یُس چانو کھوتہٕ ستۍ مُتأثر سپدُ سُہ چھُ زیمی تاف۔سُہ گوٚ وچانہِ صاف گوئی کنہِ حأران ییٚلہِ نا ژٕ ےٚ ووٗنتھ تمہِ دوہہ رستورانس اندر دٕ ؤمیٚ سُند خون چھُ میے کوٚرمُت۔یہٕ چھُ بےبأکی تہٕ جوشُک مگر ناعاقبت اندیشی ہُنٛد انتہا۔مےٚ کوٚرتمی وِزِ انداز ہرگاہ ژٕ مُجرم آسکھ تیٚلہِ آسکھ سخت جان تہِ۔تمی وِزِ سوٗنچم ژٕ واتکھ مےٚ نِشہِ ضرور۔مگر ژٕ تہٕ چھُکھنہٕ کم کینٛہہ۔زیمی تاف کھیوو تھن ژٕ ےٚ گوڈے پوٚ یہٕ۔ پیٹھہٕ چھُ بوٚ ڈُمشکل یہٕ زن ژٕ ےٚ پانس مولوم چھےٚ زنفسیات چھُ دودأرتلوار۔یوسپدُس نہٕ

مویوس بلکہ رۆدُم چون انتظار۔ تہٕ یمہٕ ساعتہٕ ژٕ آکھ مےٚ گوپہرس کھنڈس زن شہٕے بند۔ ''تمہٕ دوٚہہ کیاز ژِ آکھ ژٕ۔ یہٕ اوسا لاز می؟ یاد چھُیہٕ ژٕ کتھہٕ پاٹھی اوسکھ اسان۔ ہے سہٕ چون اسُن۔ مےٚ تۆر یکدم فکرِ فرژۆ رس چھُ کیا ہتام دارِ کۆنڈ۔ ہرگاہ بوٚ تہٕ ژٕ ے آسہٕ ہے نہٕ پیاران مے باسہٕ ہے نہٕ چون اسُن تیوٚت مانہٕ سوو۔ امہٕ ستی تری ژےٚ فکرِ ''موٗڈ'' کوتاہ مطلب چھُ تھاوان کانٛہہ اثر وۄ تلاونس اندر۔ پُشہٕ رازوٕمنہن ...... مےٚ پیوٚ وٕمنزی یاد سہٕ کنہٕ پل۔ یتھ تلہٕ کنہٕ ژےٚ تم چیز دبأوی ستی چھِتھ سہٕ چھُ کمہٕ تام داں کتھہٕ پٲٹی کنی گرٕ وار اندر۔ مے چھُ یاد زیمی تافس اوستھ ژےٚ شاید پی وۆنمت۔ پتہٕ وۆنُتھ میأنس دفترس منز تہٕ پی ...... آ...... اسہٕ ہیرٕ چأنس أ کس أ کس لفظس سام تہٕ لتہٕ توٚر فکرِ ژٕ چھُکھ وردار کتھہٕ کران۔ پرٕ ہتھ لفظ چھُ ز و معنی۔ دپ ساہرگاہ دون نفرن دپو چانہن کتھن تشریح کرنی دوشوٕنی ہنٛدی تفسیر آسہٕ ہن بیوٚن بیوٚن۔ کانٛہہ رلہٕ ہے نہٕ کأنسہٕ ستی۔

موختصر غرض بوٚ ووتس أخری میلہٕ کنہٕ تام مگراتھ ستی ٹھۆنکر لگتھ آو مےٚ ہوش۔ تہٕ لۆکس وُٹھ ژٲپنہٕ زِ بوٚ کیا چھُس یہٕ کران۔ بہرحال بوٚ لۆگس پانٛی پانس صلاح دِنہٕ زِ کیا فأید چھُ چانہن ز و معنی کتھن پننہٕ منہٕ مطأبق مانہٕ کڈن۔ جانوٚ کتھو ستی یُس مخألف احساس گنان اوس میأنہٕ سمجھ تی یہٕ زن اکھ معمولی عقلہٕ وول نفرتہٕ سمجھتھ ہیکہٕ ہے۔ یہٕ أس ژےٚ خلاف اکھ ذٕر دٕلیل ...... نہ...... امہٕ ستی کھسہٕ نہٕ دال سپکھس ...... کینٛہہ ثبوتا گژھہٕ آسُن۔ لوکٹہٕ تہٕ أستن۔ مےٚ وۆن پانٛی پانس ...... تہٕ ییلہٕ بجہٕ ہنٛدِ درواز چ گنٛٹی وژنِگ قصہٕ بۆز بوٚ گوس رٕہتھ۔ کیاز مےٚ ہیوٚتن مۄچس دن اتھہٕ یُن حالانکہ یہٕ اوس لوکٹہٕ ثبوت۔ خوشی سپز مےٚ حدٕ رۆس۔ خأر بوٚ چھُسے ونان مےٚ کیا سوٗنچ۔ یتےٚ یوت نہٕ مےٚ اگر ے تمہٕ وِزِ کانٛہہ چون پے دِیہٕ ہا بوٚ دمہٕ ہاتس ہتھ رُو بل ینامہٕ رٕنگی ییلہٕ ناژےٚ تمی کأری گرن خونی وۆنمت اوسےٚ مےٚ پیوٚ و یکدم یاد ژٕ اوسکھ تمِس ستی ستی قدم ہتھاتہٕ

پوٚ کمُت مگر بتراوسے نہٕ سمیومُت تِمس کینٛہہ پرٛژھنس۔ پتہٕ چون سُہ تھرِ تھرِ ستی لرزن۔
بُجہ ہٕندِس فلیٹس پیٹھ گرٛھتھ بیٚیہٕ درواز چ بمل دباوٕنی۔ سُہ کیا چانہٕ نفسیأتی بیمارِ
ہٕنز علامت أسا؟ کنہٕ زِیہٕ اوس چانہٕ بمار آسنہٕ کِنہٕ بے ہوشی ہٕندِس حالتس منز سپدان۔
امہِ باوجود کوٚر رُے ژٕنے مےٚ پنٛنس دفترس اندر بخوشی خأرمقدم۔ خأرتتھ منز
چھنےٚ نہٕ تعجیچ کانٛہہ کتھا۔ ووٚنی زن پرٛژھے بوژیے۔ ژ آکھ کیا زِ تتھی موقعس تہٕ وقتس پیٹھ
میون دفتر؟ بوٚ چھُسے پوٚز وونان باسان چھُ ژٕنے چھے کستام آوٕراوان اتھ منز۔ ہرگاہ أسی
ٹیچروفن ژھہنہٕ آسونہٕ کرِی ءِتہ ...... نِکولایی ٹیچروف زانہٕ ہن نہٕ؟ سُہ کتھہٕ وودتھ تمہٕ وِزِ
میأنس دفترس منز زنتہٕ اسمانہٕ ...... کانٛہہ بلاے وٕژھ۔ سُہ مانتہٕ اکھ وُزملا اوس تیمٛ نہٕ فقط
مےٚ بلکہٕ ژٕنے تہٕ پنٛز ڈٲلی۔ مےٚ چھنہٕ حالانکہ یمن حالجٕ باوٕنن پیٹھ کانٛہہ تہٕ پرٛژھ ژٕنے
تہٕ آسی تہٕ ترُک بہ ترُک معمول پأٹھی تہٕ اطمینانہٕ سان جواب یادِیمہٕ ستی بوزنتہٕ رٕہتھ
گوس مگر امہِ باوجود کرنہٕ مےٚ تِمس تہٕ تٔہنزِ ڈٲلیہٕ پرٛژھ۔ یوہے گو پنٛنس فأصلس پیٹھ
پہاڑکی پأٹھی ڈٹتھ روزُن۔ مےٚ سوٚنچ دراصل ٹیچروفس چھنہٕ اتھ معاملس ستی کانٛہہ تعلق
...... پوٚز پزِ پانےٚ"۔
"مگر مےٚ ووٚن رازدٕمنہن وٕنی زِ ژٕنے چھے ٹیچروف قصوروار باسان تہٕ اتھ
أستھس پرٛژھ تہٕ بہنأوٕمژ زِ ............"۔
اما تِمس پھوٚرنہٕ امہِ پتہٕ کِہنی۔ زنتہٕ سُہ پھُٹتھ پیوٚ۔ سُہ اوس واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ نا
قابلِ بیان بے چینی تہٕ بے قرأری ہٕندِس حالتس منز أمِس شخصہٕ سنٛز کتھہٕ بوزان یُس
أمِس ووٚنت وُچھان اوس تہٕ ووت بیٚیہٕ پننہٕ دشایہ۔ سُہ اوس تٔہنزن کتھن بور کرنہٕ نِشہٕ
تزہران۔ تہٕ رٕژھ تہٕ گرٕنس نہٕ پرٛژھ۔ سُہ اوس تموغأر واضح الفاظو منز کیا ہتام شبقہٕ تہٕ
فأصلہٕ کٔن نتیجہ اخذ کرنہٕ چہ گٔجی گلان۔
"جناب رازدٕمنہن" پرافری ین ووٚنس کزبکھ دِتھ را اسکولنکافنہٕ نیوٚ اکھ تہٕ

سوال نہ بوزنس پیٹھ۔ یُس وُنیُستام ژھوپہ دم کٔرِتھ اوس۔ ہی ہی ہی۔ ''مگرمے اوس رَاز وِمنہن لبہ تاپس ترٛاوُن۔ زٕ زٔنی چھی کتھ کرنہٕ باپتھ سبٹھاہ۔ کتھ پھِھِہ دوٚنی روزان ترٛیم گیہِ خلقت تہٕ کٔرِتھ سُہ چھُ ووپر...... سُہ آوہنگہٕ منگےمے نِشہٕ کُنی ٹکھہٕ۔ بٔتھس أسس لیٚد رِکھار پھیر مژ...... خأرژہنُس بلاے۔ ئلی کتھ چھُ زیر بحث انُن۔ ووٚنی یوٚتام نِکولائی ٹیچروفن تعلق چھُ۔ ژٕ چھُکھنا زانُن یژھان زِسُہ کیُتھ نفر چھُ۔ یامے کیُتھ چھُ سُہ باسیومُت۔ وَن بوونے؟ گوڈنچی کتھ چھےٚ زِسُہ چھُ وُنہٕ تہٕ شُرے۔ بزدل ونوس نہٕ کینہہ مگر فنکأری چھُ زانان۔ پوٚز چھُسے ونان۔ ژٕ اَسی زِنہٕ تمِس متعلق میانین کتھن پیٹھ۔ سُہ چھُ موصوم تہٕ جذبأتی نفراہ یکدم چھُ تلفس تل یِوان۔ مگر چھُ دلہٕ وول تہٕ مزٕدار شخص۔ سُہ چھُ گوٚوان، نژان تہٕ ڈٕلیلہٕ ونان۔ لُکھ چھی ونان اوے کِنی دوٚر دراز گامو پیٹھہٕ تِہنز ڈٕلیلہٕ بوزنہٕ یِوان۔ سُہ چھُ کیاہتام سکول تہٕ گژھان۔ سُہ چھُ گنڈٕ روٗستے اَسان یوٚتام زچکھہٕ چھس نیرِتھ ژلان۔ ہتکی تہٕ چھُ زبردست۔ سُہ چھُ شراب چِوان آےواے وُچھنہٕ کرنہٕ روٗس۔ عأدی شرأبی چھُنہٕ مگر بعضے چھس لوٚکھ شُر زأنتھ چاوان روزان۔ تہٕ پتا چھُیہِ اکہِ پھِرِ کٔرِن ژوٚرتہٕ مگر تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ پنُن مرتبہ مشرأوتھ ونان یہ کتہٕ گیہِ ژوٚر ہرگاہ کأنسہِ پتھرٕ کانہہ چیزاہ تُل؟'' ژٕنے چھُیہِ پتاہ سُہ چھُ وُنہٕ تہٕ پرٛانہِ پرٛتہٕ ترٛوُن نفر نتہٕ ونوس بأغی۔ تِہنٛدِس خاندانس منٛز چھی واریاہ نفریمن ''آوارٕ گردونان آسی۔ سُہ چھُ دوٚن وٕری ین پننِس گامس اندر کستام تِتھی ہیے مذہبی رہنماہٕ سنٛدِس تربیتس منٛز روٗدمُت۔ یہ سورُے چھُمے پانہٕ ٹیچروفس تہٕ تِہنٛد بن گامہٕ والین نِشہِ مولوم گومُت۔ یِتے یوت نہٕ سُہ چھُ اوسمُت ژٕنٛگلچ وتھ رٕٹنی یژھان۔ تِمس چھُ مذہبی جنون سوار اوسمُت۔ سُہ چھُ رأژن ہنٛز ہِنٛد رزألتھ عبادت کران اوسمُت۔ سُہ چھُ قدیم کأٹی کتابن مثلاً ''پزٕر کیا چھُ'' کتابن ہُنٛد مطالعہٕ کران اوسمُت۔ اصل اصل کتابن ہِنٛدِ مطالعہٕ پتہٕ اوس مُتی گژھان۔

تیٚمۍ شہرن کوٚر سُہ زبردست متأثر۔ خاص پأٹھۍ ییٚتۍ چوٗزنانوٚ تہٕ شرابن۔ تِمۍ لوگ پرٛبتھ کینٛہہ شیرِ تہٕ سُہ بزرگ تہٕ باقی سورُے کینٛہہ تہِ گوس مشرٕ پھے۔ مےٚ بوٗزا کھ آرٹسٹ گوٚو أمِس شیدأے تہٕ سُہ اوس أمِس نِشہِ گژھان تہٕ أمِس سٟتۍ بوس ژھانژھناوان یوٚ تام زِ کتھ اتھ دشائیہ وأژ۔

”خأر سُہ کھوٚژ۔ تِمۍ کٔر پانس پھاسی دِنٕچ کوٗشش۔ تہٕ چھیکرس ژوٗل۔ تِتھین معاملن منٛز یُس قونونی کاروأیی ہُنٛد خیال لوٗکن چھُ تمہِ نِشہِ کتھہٕ ہیکن لُکھ أچھۍ ٹوٗتِھ آرامہٕ سان بہتھ۔ کینٛژن لوٗکن چھُ ”عدالتی کاروأیی“ ہُنٛد لفظ کنن گژھی تھےٚ چھور پکان۔ مگر یہِ قصور کٔمی سُنٛد چھُ؟ خأر ووٚنی چھُ وُچھن ئو جیوٗری کیا کرِاتھ معاملس اندر۔ خدا ے بوٗزُن تِم کرِن رُت۔ خأر دپان جیلس منٛز پیوٚ وُتس پتُن پیر یادتہٕ بائبل تہِ گیہِ بیٚیہِ ظأہر۔ ژےٚ چھُیہِ پتاہ زِ ”اذیت“ لفظ کوتاہ چھُ زبردست پریشان کرن وول تِتھین کینٛژن لوٗکن خأطرٕ بنان۔ لوٗکن چھُ مولوم زِ امہِ کأنٛسہِ ہٕنٛدِ اذیتہٕ سٟتۍ چھُنہٕ کأنٛسی فأیدٕ واتان مگر یُتھ نفر گژھہِ اذیت تُلن۔ اگرے حأکمن ہٕنٛدِ جأنبہٕ یہِ ”اذیت“ میلکھ سُہ گوٚو زیادے بہتر۔ مےٚ چھُ یاد اکھ لاغر قدٕ یا اوس میأنِس وقتس منٛز۔ بڈٕ نرم تہ اوس تِمۍ گذور اکھ ؤری بائبل پران پران۔ راتس اوس ژونگ زألِتھ بہان۔ سُہ اوس مُتۍ گژھان یوتاہ مُتۍ زِ ژےٚ چھُیہِ پتاہ اکہِ دوہہ روٗدُس نہٕ ہُمێگ ییمێگ کأنٛہہ ظوناہ تہٕ تُجن اکھ سپر اہ اتھس کبتھ تہٕ یا شاہ کرِتھ لأین گورنرس حالانکہ تِمۍ اوسُس نہٕ کأنٛہہ آزار واتنوومُت یتہِ چھُ وُچھن لایکھ زِ تِمۍ کتھہٕ لأے سو۔ عمدأ لأین أکِس طرفس گٔن اکھ گزٕتس نِشہِ دوٗ ریمہِ غرضہٕ زِتس گوٚ ژھنہٕ کأنٛہہ آزار واتُن۔ تہٕ یہِ چھےٚ اسہِ سارنٕے خبر زِ جیلس منٛز ییٚلہِ اکھ قۆدی ہتھیارٕ سٟتۍ افسرس پیٹھ حملہٕ کران چھُ تس کُس حال چھُ بنان۔ اِدٕ تِمۍ کوٚر یہِ برداشت۔ پننس ذاتس یِزاہ دِنہٕ باپتھ۔

”مےٚ چھُ اندیشہ زِ ٹیچرٕ وف تہِ چھُ تِتھے گٔنٛز ”اذیت“ تُلن یژھان یا تِھے کینٛہہ

کرُن یژھان۔ حقیقت حال زانٔنتھ چھُ مےٚ یہِ پوٗ نتہٕ پاٹھی فکرِ تو رمُت۔ تِمس چھُنہٕ پانس خبرٕ ے تیٚچ یہِ بوزانان چھُس۔ کیٛا ژےٚ چھےٚ نا تتھ کتھہِ ستۍ اتفاق زِ گریستبن منز چھی تِتھی لوٗکھ آسان؟ تِتھبن لوٗکن ہُنٛد چھُنہٕ کم تعداد کینٛہہ۔ تِمۍ روحانی بزرگن چھُ ووٗنی سُہ متاثر کرُن ہیوٚ تِمُت خاص کر خود کشی ہنٛز کوٗشش کرنہٕ پتہٕ۔ ژٕ وٗچھ سُہ یِیہ مےٚ نِشہٕ تہٕ ونم سورُے کینٛہہ پانہٕ خود۔ ژےٚ ما آسی باسان سُہ تھاوِ کھٕٹتھ کینٛہہ۔ ژٕ کر رژھ کھنڈ صبر۔ سُہ پھِرِ پننین سارنٕے کتھن گوٚل۔ بوٗچھُس لَس گرِ پتہٕ گرِ یِیمہِ غرضہٕ پژاران زِ سُہ یِیہ تہٕ پننِس شہادتس پھرنلم۔ مےٚ چھ سُہ تِتھے باسان تہٕ چھُسن وُنہِ تہٕ پرکھاوان۔ بیِیہِ تہٕ ژےٚ کیٛاہ چھےٚ باسان سُہ۔ سُہ اوس پوٗرٕ چالاک سان تیارٕی گرِتھ آمُت تہٕ شہادتکۍ تِتھی کینٛہہ نوکتہٕ اَسن جمع گری متۍ یِمن ہُنٛدِس بنیادس پیٹھ کیٚژن نوکتن ہُنٛدی صحی تہٕ برجستہٕ جواب دِتن۔ مگر واریاہن نوکتن ہنٛز چھس نہٕ رژھ تہٕ خبر۔ تس چھُنہٕ احساس تہٕ زِ تِمن کتھن ہُنٛد چھُس نہٕ کانٛہہ علمے۔

نا......میانہ یارہ......اتھ منز نا چھےٚ نہٕ ٹیچر وفن کانٛہہ دخل۔ سُہ ہا چھُ نہٕ اتھ کانٛہہ ژوٗک باسان۔ یہِ وُنی چھُ دُکھی کران۔ یہِ چھُ جدید معاملہٕ۔ أزی کہِ تِمہِ دوٗرُک واقعہ ییٚلہِ انسانہٕ سُنٛد دِل تکلیفس اندر رہنہٕ آمُت چھُ۔ چھُنا سُہ دوٗپ انسانہٕ سُنٛد خونٕے چھُ موٹان یا یہِ چھُ نوٚ وخون ییٚلہِ زندگی ہُنٛد مقصد عائش و آرام پژاوُن بناونہٕ یِوان چھُ۔ ازکل چھی کتابہٕ پرِتھ خواب وُچھان لُکھ تِہنٛد بن دِلن چھےٚ ڈیٚلیٖہٕ ڈٕلران۔ گوڈٕ نِکۍ ہے قدمس پیٹھ چھی تِم کینٛہہ کرنہٕ کژاونک ارادٕ طےٚ کران۔ یہِ ارادٕ چھُ خاص قسمُک آسان۔ یہِ چھُ پوٗنتہٕ ارادٕ کران بالہٕ تینالہِ پیٹھی وٕٹھ تُلتھ یا صدائے مینارٕ پیٹھہٕ بون ووٚٹھ لاٚتھ یہِ کأم سرانجام دِنک تہٕ تِتھے سُہ جرم کرنہٕ گژھان چھُ زنگن چھس نٹھ اژان۔ تس چھُ مشرپھے گژھان درواژٕ بند کرُن تہٕ چھُ پنُن ارادٕ پوٗر کرنہٕ باپتھ زِ قتل کران۔ قتل کرِن مگر روپیہِ ہیوٚک نہٕ ہتھ۔ ووٗنی یہِ کیٚژاہ نتھ ہیوٚک تہٕ تھووُن أکِس پلس تل ژوٗرِ۔ أتی

چھُنہٕ بس کران یُس تکلیف تس تمہِ وِزِنکن پیوٚ ویٚلہِ اور کینٛہہ نفرتھِی تہٕ سُہ رۄد
درواز پتھٕ کنہٕ وُٹھ پھیشان۔ حدچھُ امہِ پتہٕ چھُ دُبار گژھان خالی فلیٹس منٛز یہ ذِپی زِ تہٕ
نیم ہوشی ہِنٛدِس حالتس منٛز بییہِ سُہ واقعہ ذہنس منٛز تاز کرنہٕ سو حالت ژینہِ یوسہٕ سو بہل
بجاونہٕ ستی پاد گامژ اٲسس۔ سُہ اوس تر گنٛڈی پھٹنہٕ چہِ کفیژ ہُنٛد دُبار احساس کرُن
یژھان...... خار اٲسی مانوسُہ اوس بیمار...... مگر ژ کرانداز سُہ چھُ قاتل...... اما پوٗز پان
چھُس ایماندار باسان تہٕ دۆیمبن چھُ حقیر مانان...... نہ...... نا...... یہِ کام ہیکہِ نہٕ
ٹیچروف سنٛز اٲسِتھ۔ بۄ زتھہِ میانہِ ٹاٹھہ؟"۔

یہِ کینٛژ ھاونہٕ آو سُہ اوس لفظہٕ لفظہٕ اٲمس تیر کی پاٹھی تُرتھ گژھان یم لفظ اٲسی
تمِس وحشت کران۔ رَاسکولنکافس گیہِ دِنن زنتہٕ چھُر بوٗ ستی مورُکھ۔

"تیٚلہِ...... تیٚلہِ کُس...... چھُ قاتل؟ شاہ ژھوٚ رِتھ اوُسس سُہ تھکِتھ پھُٹِتھ
پژھان۔ کوٗششہِ باوجود ہیوٚ کنہٕ سُہ یتھ سوال کرنہٕ نِشہِ باز رۄزِتھ۔ پراوفری
پیٹرووچن تژ وو بون کُن وٗستھ کُرسیہِ پیٹھ پان پتھ کُن تتھہٕ کنہٕ زنتہٕ امہِ سوالہٕ ستی
ویژ یونہٕ کُنہِ۔

"تیٚلہِ کُس چھُ قاتل؟" تمی پھری بییہ یم لفظ پننہِ زِبِو۔ زنتہٕ پننین کنن پیٹھ
بۄ رۄ سے اوُسس نہٕ یِوان...... "ژے میانہِ یارہ۔ رَاسکولنکاف! خونی چھکھ ژ!"
تمی وۆننس پُراعتماد طریقہٕ لۆت لۆتے۔

رَاسکولنکاف گوٚ ویا شاگرتھ تھوٚ دۆتھتھ۔ بژنزس کھنٛڈس رۄ دِتھے کُنہ اِستاد
تہٕ کینٛہہ ونہٕ کرنہٕ ورائے بیوٚٹھ دُبار صوفس پیٹھ۔ تس اٲس وُٹھن تھرِ تہٕ بتھی لبن
وۆ پھرارے گژھان زنتہٕ فالجہ ہُنٛد بژ بکھ وۆتھس"۔

"ژے کیاز چھے بژ وۆنہی پاٹھی وُٹھس بییہِ تھر تھر" پراوفرین پژ ژھنس ہمدردی
سان "ژ چھکھ مے غلط سمجان ـــ مے چھُ تی باسان۔" شیہ کھنٛج خاموش روزنہٕ پتہٕ

وۄنُس تٔمۍ مزید"سے چھُ وجہ ژِ ژ گوکھ یۄتاہ حأران۔ بہٕ آس اکھ خاص مقصدٕ ژٕے نِشہ۔ بأنہٕ بأنہٕ ژٕے سأرٕے دٔلیل وننہٕ باپتھ تہٕ ننوانہٕ ژٕے ستۍ معاملہٕ طے کرنہٕ باپتھ۔

"نہ مے کٔرنہٕ سو قتل" رَاسکولنکافن وۄن لۄت لۄت وُٹھن زیر دِتھ بالکل تھٕے گٔنۍ ترٕ ہرِتھ تہٕ تھٕ گٔنۍ اکھ شُر کانٛہہ غلط حرکت کرنہٕ وِزِ رٹنہٕ یتھ ترٕ ہران چھُ"۔

"نا...... ژٕے چھُکھ...... ژٕے تیٚمۍ سو قتل کٔر۔ بیٚیہٕ نہٕ کانٛہہ"۔ پرافری ین وۄننس لۄت لۄتے مگر اعتمادٕ سان لفظن پیٹھ زور دِتھ۔

"دوشوٕ یوٕ کٔر ژھوپہ۔ حأرأنی چھ زِیہٕ ژھوپہ زیٹھے یہ عجیب انداز مأنۍ تو منٹن دٔہن تام۔ رَاسکولنکافن تھأوٕ کھونوٹ زٕ میزس پیٹھ تہٕ اۄنگجوٕ ستۍ رۄٚ دٕ پھِنس مستس زألی دِوان۔ پراوفری پیٹر ووچ روٚ دٕ ژھوپہٕ دم کٔرِتھ تس ژرژان۔ اچانک پأٹھۍ ترٕ أو رَاسکولنکافن، پرافری یس حقارتہٕ برٕ ژ نظر۔

"ژٕے لاجتھ پژ أنی پأٹھۍ بیٚیہٕ چالہٕ کرنہٕ۔ پراوفری پیٹر ووچ! یہٕ چھٕے ژٕے پژ ون عادت۔ بہٕ چھُس راوان ژٕ چھُکھنہٕ تنگ تہٕ یوان!"۔

"کرووٕنۍ ژھوپہ...... ووٕنۍ پیٚیہٕ نہٕ یمو کتھو ستۍ کانٛہہ فرق۔ ہاں فرق پیٚیہٕ ہے ضرور اگرٕ پتہٕ گواہ آسہٕ ہن۔ بیٚیہٕ تہٕ چھِ أسۍ مانٛتہٕ وُٹھ پھسر ارٕے کران۔ ژٕ ہیککھ پانٕہٕ تہٕ وُچھِتھ بہٕ چھُس نہٕ یورٕ ژٕے کوس روٚ زِتھ ژٕ کٔچھو ستدی پأٹھۍ رٹنہٕ باپتھ آمُت۔ ژٕ اقرار کرتہٕ یا مۂ کرتہٕ مے چھُ پورٕ یقین قأتل چھُکھ ژٕے بدل نہٕ کانٛہہ۔ چانہٕ نہ مانٛنہٕ کوسہٕ فرق پیٚیہٕ۔

"اگرٕے یہ کتھ چھٕے تیلہٕ کیا کرنہٕ آکھ یور" رَاسکولنکافن پژ ژھس زہر کھٔسِتھ"ون بہ چھُسے ژٕے یوہے سوال دُبارٕ پژ ژھان اگرٕے ژٕ مے قصوروار مانان چھُکھ تیلہٕ کیازِ چھُکھنہٕ مے قأد نوان؟"۔

"اوٚہ...... گویہ چھ چوٚن سوال۔ بہ دِمے ژٕے لفظس لفظس جواب۔

''گوڈنیچ کتھ یہِ زِ ژٕ یتھہٕ پاٹھی سیدٕ سیوٚ دٕرٕتھ ننہ نیرنہٕ میون مفاد''۔ ''کیازِ؟ اگرے ژے یقین چھے۔ ژے پزے بہٕ رٕٹتھ نٔین!''۔ ''تھو...... میانہِ قاتیل آسنہٕ ستی اندیا۔ وُنی کبس مانتہٕ یہِ چھس بہٕ اکھ خواب وُچھان۔ بہٕ کیازِ تھاوتھ ژٕ بند۔ چانہِ بچاوٕ باپتھا؟ یتھا ژے حفاظت روزی؟ چونکہ ژٕ چھکھ نہٕ مشورٕ دِوان بہٕ گژھتھ ژٕ گرفتار کرُن تمیُک مطلب چھُ ژے چھے امہِ آیہِ پنُن دفاع کرنک طریقہٕ مولوم۔ ووُنی زن کرناون بوٗسہٕ بے وقوف کاٗری گر ژے ستی موکھ مُدے۔ ژٕ پرژھکھ تمس وَن سا ژٕ مےٚ ماا وُستھ تمہِ وِزِ شراب چیوٚمُت؟ پیٚہِ کُنہ سا وُچھس بوٚژے ستی کس سا اوس۔ مے ہسا چھُ مولوم ژٕ چھکھ شراب چوان۔ پوٚز پوٚز ون سا تمہِ وِزِ اوستھا چوٚمُت۔ چوٚمُت اوستھا کنہٕ نہٕ۔ اگرے ژے یہِ سوال تمس پرژھتھ بہٕ کیاہ ہکہٕ کرِتھ کیازِ چون بیان چھُ تمِس کاٗری کرِ سندِ کھوتہٕ قابل بورتہٕ میون خواب گژھِ چھلہٕ چھانگرِ۔ تہٕ کیازِ سہٕ چھُ نفسیات کِس ذٕہس پیٹھ بہترین گواہ۔ مگر نفسیاتی پہلو ما چھُ شراب پیاٚلکی پاٹھی یتھ تھپھ کرِتھ ہکو۔ اتھ مقابلہٕ لگہِ چونے تیر نشانس کیازِ سہٕ چھُ کوٗلل بدنام تہٕ بزگار شراٗبی۔ راتس دوٚہس نشس منز آسان۔ پیٹھ چھس بہٕ تیمہٕ کتھہِ ہُند قاتیل بلکہ چھم کہیاہِ پھرِ ووٚنمُت تہٕ زِ نفسیاتی پہلو چھُ دُئِ تیز تلوار۔ یس یُس اند مہارتہٕ سان استعمال کرُن تگہِ سُے چھُ زیادٕ تیز پینہِ دارتہٕ سُے ہیکہِ پان بچراٗوِتھ۔ مے چھُ سُے بوٚڈ ثبوت یُس بہٕ ژے خلاف استعمال کرِتھ ہکہٕ۔ ووُنی گوٚوازنہٕ پگاہ کرِتھ بہٕ ضرور گرفتار۔ پوٚز مائی زِ ازآس بہٕ ژے فقط یہِ وَننہِ حالانکہ یہِ چھُ سانہِ اصولہٕ تہٕ قونونہٕ برخلاف زِ چانہِ گرفتاری ستی نیرِ نہٕ مے کانُہہ ذاتی مفاد۔ یہِ کتھ تہٕ چھے اصولہٕ تہٕ قونونچ خلاف ورزی کرِتھ ونان۔ تہٕ میانہِ یور ینگ چھُ بیا کھ وجہ تہٕ''۔

''کیاہ؟ بیا کھ وجہ کیا چھُ؟'' رَاسکولنکافن پرژھُس بے صبری سان...... تس گُن بتھ کرنہٕ روٗس۔

دۆیِم وجہ چھُ یہِ زِ بوٗ چھُس پَننِہ صفأیی دِنہٕ آمُت۔ ژٕ یوسہٕ راے مےٚ نسبتھ قأیِم کرمٕژ چھِتھ سو چھُس بدلاوِنی یژھان یُتھ ژٕ مےٚ سنگدل تہٕ کانٛہہ دیوزانکھ نہٕ۔ ژٕ مانتہٕ یامتہٕ مےٚ چھُ چون سرٕ بہہ۔ ترٛیِم وجہ چھُ یہِ زِ بہٕ چھُسے ژےٚ سو دلیہٕ تہٕ دوستہٕ سٔندی پأٹھی تل پیٹھ تھاوِنہٕ ورأے مشورٕ دِوان زِ ژٕ کر پان قونونس حوالہٕ سُہ روزِ چانہِ تہٕ میانہِ مفادٕ خأطرٕ بہتر۔ میأنی کأم تہٕ انِد۔ وَن چھُسیا سیوٗد تہٕ صاف پأٹھی پننہِ دِلچ کتھ ونان کنہٕ نہ؟ میانہِ جأنہٕ یِہہ یِی''

رَاسکولنکافن گراکھ منٛزٲ ژھوپہ۔

''بوز...... پراوفری...... ژےٚ ووٗنُتھ وِنی نفسیأتی زأویہ ورأے چھےٚ نہٕ ژےٚ پیٚیہ کانٛہہ ثبوت دردست تہٕ تیٚمے دم چھُکھ زِ تہٕ زِ ژور طریقہٕ حسابس پیٹھ واتان۔ مانتہٕ ووٗنی ہرگاہ ژٕ ے غلطی پیٹھ آسکھ تیلہِ؟''

''نہ...... ہرگز نہٕ...... بوٗ چھُس نہٕ غلطی پیٹھ...... مےٚ چھُ اکھ لوکُٹ موکُٹ ثبوت تہِ۔ خدایہٕ سٔندِ فضلہٕ چھُم تیٚژ دوراندیشی تُمی عنایت کرمٕژ''۔

''سُہ لوکُٹ موکُٹ ثبوت کیٛاہ چھُ؟''

''تہِ وَنے نہٕ کینٛہہ۔ میانہ یارہ...... وَنے نہٕ'' البتہ وَنے اکھ کتھ بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ زیادٕ کالس یہِ معاملہٕ پتہِ تل تھأوِتھ۔ مےٚ چھُکھ ژٕ گرفتار کرُن۔ ژٕ سونچ میأنِس مشورس پیٹھ۔ مےٚ پیٚیہِ نہٕ امہِ سٟتی کانٛہہ فرق وِنی تہِ اگر ے گرفتار کرتھ مگر بہٕ یہِ ونان چھُسے تہِ چھُ چانہِ مفادٕ باپتھ رُت تہٕ بہتر۔ ژٕ کر مےٚ پیٹھ پرٛژھ اِی روزِ چانہِ باپتھ بہتر''۔

رَاسکولنکافن گُمنأوی بمشکل وُٹھ۔

''چأنی تجویز چھےٚ نہٕ فقط احمقانہٕ بلکہ چھےٚ ہاوان ژٕ کوتاہ بےٚ شرم تہٕ دیدٕ دۆرٕ بےٚ منٛد چھ چھُکھ۔ دیکھ کیٛاز زِ...... اگر ے بوٗ مجرم تہٕ چھُس یِمیٚک اقرار بوٗ کرانے چھُس نہٕ توتہٕ کیٛاز زِ ہمہٕ یہِ جرم میٚ انِہ خود پانٛس وَنِس پیٹھ سیٚلاوِ زِ نان ژٕ ے ونان چھُکھ قأدس

مٔنز ہیکہٕ بہٕ زیادٕ حفاظتہٕ سان رٔوزِتھ۔ پٔنن دفاع کٔرِتھ؟"

"اُف لفظن ہٕندِس سیٖدِ سیوٚد مانہِ مفہومس پیٹھ مو آس پڑھ کران۔ ژےٚ یتھہٕ کٔنہ سمجتھ ہرگز ہیکہِ نہٕ شاید جیل خانہٕ چانہِ باپتھ آرامہٕ جاے اُستھ۔ یہِ وۄنۍ ژےٚ مےٚ پننہِ اندازٕ سۄنچتھ زِ شاید ما آسہِ یُتھ تہٕ۔ میٲنہِ کتھہِ موزان ژٕ حرفِ اٰخر۔ بہٕ نہ چھُس تیٚؤت داناہ تہٕ نہ کانٛہہ تیٚتھ شخصاہ یٔمۍ سٔنزن کتھن تعویز کٔرنۍ پزن۔ میٲنہِ پزٕ بتھ کتھہِ پیٹھ موکرزیادٕ پڑھ۔ ممکن چھُ بہٕ آسہٕ وۄنہِ تہٕ ژےٚ نشہِ کینٛہہ ژۄرتھاوان۔ بو ماونۍ ژےٚ سوٗرے کینٛہہ ننہِ وانہٕ تہٕ وبرٕ ھناوِتھ۔ ہی ہی ہی۔ ژٕ کتہٕ ہیککھ مےٚ پزٕ ژھتھ اتھ مٔنز کیاہ مفاد چھُ؟ ژےٚ چھیہِ پتاہ امہٕ ستۍ کوتاہ گژھہِ چون سزا کم؟ بوزٕ ژٕ کرکھ یہِ اقرار جرم تمہِ وِزِ ییلہِ زن بیٚ اٰکۍ نفرن یہِ خون پننس کلس پیٹھ مٔتہٕ ہیوٚ تمُت چھُ تہٕ سوٗرے معاملہٕ بنوۄن گُھری دار۔ گۄہل تجنس۔ ژٕ سونچ اتھ پیٹھ بہٕ چھُسے خدایہٕ سُند قسم ہاٰوِتھ ونان بہٕ کرٕ تیٚتھ انتظام زِ چون اقبال جرم باسہِ سارنۍ حاٰران کٔن۔ اٰسۍ کروکھ ساٰری نفسیاٰتی نوکتہٕ صاف۔ ساٰری شک وشبہات یم ژےٚ خلاف چھِ تم مٹاووکھ یتھ زن چون یہِ جرم اکھ لغزش اکہِ ذہنی خلشہٕ کِنۍ سپد مُت باسہِ۔ ژٕ ۄ چھ روڈی رامانو وچ بو چھُسے اکھ ایماندار شخص۔ بہٕ کرٕ پٔنن لفظ پوٗرٕ"۔

رَاسکولنکافن کٔر ماتم زدٕ ہٕندی پاٰٹھی ژھوپہ تہٕ مویوسی مٔنز ترٛوۄن کلہٕ کوٚ ژھن مٔنز...... واریاہس کالس رۄد سونچان تہٕ چھکرس ترٛوۄن اَسُن۔ یہِ اُسن اوس تُھنز وُداُسی تہٕ اَندریم کرٛیچھر ہاوان۔

"نہ نہ" تمۍ وۄن بظاہر یہِ کوٚشش کٔرِتھ زِ پرافری لیس ستۍ گوژھ نہٕ اٰچھ میٖلہٕ سپدُن تہٕ کتھن مٔنز اٰسس اقرارٕچ بوے پریڈان "مےٚ چھنہٕ پرواہ سزٕ ہس مٔنز گوھم ناتخفیف۔ یہِ چھنہٕ تیٚتھ معاملہٕ"۔

"لہٕ گےٚ تہٕ اوس مےٚ اندیشہٕ" پرافری ین وۄننس وۄبہٕ یتھ۔ باسان اوس

زنتہٕ تس پانس پیٹھ قوبورٕ دٕ ے نہٕ، امہِ کُے اوس مے اندیشہ زِ ژٕ برکھنہ سزٕ ہس منز کی کرنہ ینُگ کانہہ واے"۔

رٔاسکولنکافن تژٕ اٗ وموپوس گرٕ ہتھ تس کُن نظرتہٕ باسان اوس پرافری یس پیٹھ أٔسس پژھ تہِ گنیمژ۔

"زندگی گرٕ ہتھ نہٕ حقیر زانِیٖ" پرافری ین تھو وکلامہٕ جارٕی "ژٕ ے چھے وُنہٕ وارِیاہ زندگی باقی۔ ژٕ ے چھے وارِیاہ کینٛہہ کرن باقی۔ ژٕ کتھٕ ہیکِکھ وٕ نتھ یہٕ چھُس نہٕ تخفیف یژھان۔ ژٕ چھُکھ دراصل وُتاولہٕ"۔

"وونی کیٛاہ وارِیاہ چھُ مے کرُن؟"

"زندگی گذارنی۔ ژٕ کُس پیغمبر چھُکھ۔ ژٕ ے کیٛاہ چھے باقی زندگی نِسبتھ مولوم؟ ژھانڈن وول چھُ لبان ژٕ ے چھے ناوٕ زمُت بلکہ یو ہے اوس چانہِ باپتھ خدا ین ژٕ پانس نزدیک اننُک ذریعہ بنوومُت۔ بیٚیہٕ چھُنہٕ یہِ وُمبر خاطرٕ ......قاٗ دبند......"۔

"سمے بیٚیہِ موچھہِ منز بند کرنہٕ" رٔاسکولنکافن تژٕ وواٗ سُن۔

"تو رُم فکرِ ژٕ چھُکھ متوسط طبقہٕ کین شہری ین ہنٛدی پاٗ ٹھی پننِس عزتس تہٕ شانس کھوژان۔ یتہٕ ہیکہِ أستھ ژٕ آسکھ انزٕ آنی منزٕ ے عزت راونہٕ کہِ خوفہٕ کھوژان۔ مگر یہٕ وونے ژٕ کر بے خوف پاٗ ٹھی سرنڈر تہٕ کر اقبال جرم۔ موٗسن گنی"۔

"آتھوٕ......ژھِن ساری ہے بلاے" رٔاسکولنکافن وٕ نُس لوٗت لوٗتے نفرت تہٕ بیزأری اندر۔ سُہ زنتہٕ آواز کڈِتھ کتھ تہٕ اوس نہٕ کرُن یژھان۔

سُہ وٕ تھ بیٚیہ تھوٗ دبظاہر اتبتھ نبر نیر نہٕ خاطرٕ مگر بیوٗ ٹھ بیٚیہِ پتھر۔ بتھِس پیٹھ أٔسس افسردگی تٔی پاٗ ٹھی پژ یڈان۔

"ژٕ ہنٛس بلاے......اگر نے ژٕ یہِ یژھان چھُکھ۔ ژٕ ے چھے دراصل پژھے رٔ اوموٗ تہٕ لہٰذا چھے ژٕ ے باسان یہٕ چھُسے ژٕ ے مذاق کران۔ مگر ژٕ ے کیٛاہ واٗ نسے چھے

وُنہِ ۔ ژٕ کوتاہ سمجھدار ہیکِکھ اُستھ؟ ژےٚ کوٚرُتھا اکھ نظریہ قایم تہٕ پتہٕ گوکھا اَچہِ ناکامی پتھ پشیمان ۔ تہٕ بظاہر چھُکھ پَننہِ اصلیت کھٹان ۔ ژٕ چھُکھنہٕ ہرگز تہِ کمینہٕ تہٕ نامعقول ژٕ کوٚت تام ہیکِکھ پانس دوکھہٕ دِتھ ۔ میانی رائے چھےٚ ژےٚ اندر چھنہٕ اکھ رژھ تہِ کمینی ۔ ووٚنی گوٚ وتھ زرس پیٹھ واتنہٕ باپتھ تُجتھ کُنی ووٚٹھ ۔ ژےٚ ماچھےٚ مولوم ژےٚ متلق کیاہ چھِ میانی رائے ۔ یہٕ چھُس چون شمار تمن نفرن اندر کران یِم انتہائی اذیتس اندر تہِ اسان روزان چھِ یِمن ناہر گاہ اَندرَم تہِ نبر کڈِتھ تمن ٹکر ٹکر کرنہٕ ین تو تہٕ روزن شانت شاید ما میلکھ امی ءَستی خدائے یا یہِ کینژھا پَنُن عقیدٕ آسکھ تہٕ دپن یتھہٕ کُنی میلکھ روومُت وقار واپس ۔ ژٕ تہِ کر تلاش تہٕ جستجو ژٕ وُچھ کوسہٕ زندگی گذارکھ ۔ ژےٚ چھےٚ ہوا بدلی ہُند اشد ضرورت ۔ یتھس حالتس منز چھُ ہنا تکلیف تہٕ دَوہی آسان ۔ رژھا کرا ذیت تہِ برداشت ۔ شاید کوٚر ٹیچر وفن تہِ پانس خاطرٕ اذیت طلب گرِتھ جانہٕ ۔ مےٚ چھُ مولوم زِ ژےٚ چھےَ نہٕ یِمن کتھن پیٹھ پژھ مگر میانہِ یارٕ ضرورت کھوتہٕ زیادٕ عقلمند موبن ۔ کھوژنہ رؤس کرہےٚ وایہِ پاٹھی پان زندگیہ حوالہٕ وَس سئدرس کُنی تھہٕ یہ سیلاب سرتہٕ لہر واتناو نے ژےٚ پانے بٹھس کُن تہٕ ژٕ ہیکِکھ پَننِن کھورن پیٹھ اِستادٕ گرِتھ ۔ سُہ گُس بوٚٹھ چھُ تمہٕ کتھہٕ ہیکےٚ بوٗنتھ؟ مےٚ چھُ یہِ پوٚز تہٕ یقین زِ ژےٚ چھےٚ واریاہ زندگی وُنہِ باقی ۔ مےٚ چھُ یہِ فکر تران زِ ژےٚ چھےٚ میانہِ کتھہٕ گوڈے تیار کرنہٕ آمُت اکھ تقریر باسان مگر شاید کرکھ ژٕ میانہِ کتھہِ بعد ازآن تعویز کُنہِ وقتہٕ لگنے بکار ۔ توے چھسے یِمہٕ کتھہٕ ونان ۔ اکہِ حسابہٕ چھُ جانہٕ زِ ژےٚ کوٚرُتھ محض اَکِس بچہ ہُندُے قتل اگرے ژےٚ بدل کانہہ نظریہ آسہِ ہتھ دریافت کوٚرمُت ژےٚ ما آسہٕ ہتھا مہٕ کھوتہٕ ساسہٕ گنہ زیادٕ خطرناک تہٕ خوفناک کاروائی گرِ ہٕ ۔ شاید پزی اتھ منزٕ تہِ خدایہ سُند شکر کرُن ۔ ژےٚ کیاہ پتاہ چھےٚ ژےٚ ماچھےٚ خدائے کُنہِ خاص کامہٕ خاطرٕ بچراوان ۔ ژٕ تھاو پَنُن دل سلامت تہٕ خوف تراو ۔ چھکھا نوٚ ڈکفاردنہٕ نشہ کھوژان ۔ نہ سوگیہ شرمہٕ ہنز کتھ ۔

ووٚنۍ تہٕ چھُتھ ژٕ یُتھ قدم تلُمت تہٕ ووٚنۍ پزی ژٕ دِل تہٕ دوٗر تھاوُن۔ أتھی اندر چھُ انصاف تہِ۔ ژٕ پزی انصافُک تقاضہٕ پوٗرٕ کرُن۔ مےٚ چھُ پتاہ ژٕ چھے نہٕ اتھ کتھِ اندر یقین مگر زندگی کرناوی ژٕ ضرور اتھ پٹھ پزٕ۔ وقتس پٹھ ژٕ وہن ژٕ زندگی ضرور۔ وُنی کٔبس یَیمہِ چیزُک ژٕ حاجت چھے سُہ چھُ تازٕ ہوا۔ تازٕ ہوا بس تازٕ ہوا۔

رَاسکولنکاف زنتہٕ بیدار گو تہٕ لوٗگس ونُنہِ۔

"مگر ژٕ کُس چھکھ؟ ژٕ کُس پیغمبر چھُکھ؟ سکونہٕ تہٕ اطمینانہٕ کہِ کمہ بلند مقامہٕ پیٹھٕ چھکھ ژٕ میانہِ باپتھ یَمن کلماتن ہٕنز باوتھ کران۔ دانائی ہُندیوٗ تاہ تھز رکیا؟"

"بہٕ کُس چھُس؟ بہٕ چھُس سُہ اکھ نفراہ یس پتھ بڑونٹھ کانہہ ووٚمید اہ چھنہٕ یس کلس پیٹھ زندگی ہُند ژوٗک موٗ دُر پتاہ چھُ! اکھ سُہ نفراہ یس احساسِ ہمدری چھُ تہٕ شاید رژھا علم تہِ اما پوٚز میون دوہہ ہیوٚتُن لوٗسن ...... مگر ژٕ ...... چون چھُ معاملے بدل۔ ژٕ چھے زندگی کوٚ چھ دأرِتھ پیاران۔ حالانکہ یہٕ چھُنہٕ کأنسہِ پتاہ چانٕی زندگی تہِ ما گنڈ رِدٕہی بڑی گُژھِتھ تہٕ حأصل مایِیس نہٕ کینہہ۔ مگر یِکھ بڑونٹھ پتہٕ کوسہٕ فرق پیِیہ اگرے ژٕ ووٚنۍ دوٚیمہِ طبقہِ کٕمن لوٚکن ستی واسطہٕ پےٚیی؟ یہِ چھُنہٕ دِل برداشت سپدنک موقعہٕ۔ آرام وآسائش نہٕ میلنس پیٹھ پزنہٕ ماتم کرُن۔ ژٕ روز کھلوٚ کونشہِ روپوش انیکھ وقتس تہٕ تمہِ تلہٕ کیاہ نیرِ۔ وکھ نہٕ بلکہِ چھے ژٕ پانہٕ خود امیُک فأصلہٕ کرُن۔ افتابکی پأٹھی ژھٹ گاہ تہٕ سأری روزنے وُچھان۔ افتابس چھُ بہر حال پزٕ بتھ أ کس بڑونٹھ کنہِ افتابہٕ بٔنی تھے گاہ ژھٹُن ...... ژٕ کیاز چھکھ بیٚیہٕ خند ہنا کران۔ أوے نازِ بہٕ چھُس شلر ہٕنز ہشہِ کتھہٕ کران؟ بہٕ ہیکہٕ شرطیہ وٕنتھ ژٕ چھُکھ خیال کران زِ بہٕ چھُستھ ژٕ تھنہٕ پھشہِ ستی زالس منزانان۔ خأرِ تہٕ ہیکہٕ أستھ ......ہی ہی ہی......شاید بیِیہٕ نہٕ ژٕ میانہِ کتھہِ پیٹھ یقین۔ شاید کرکھ نہٕ ژٕ زِ نیہٕ تہٕ اتھ پیٹھ پزٕ۔ بہٕ چھُس دراصل ڈلُمت یمیُک بوٚ پانہٕ اقرار کران چھُس۔ مگر یووٚنے بیِیہٕ ژٕ کرِ پانہٕ خود فأصلہٕ تہٕ سوٚنچ بہٕ کوتاہ کمینہ

چھُس تہٕ کوتاہ دیانتدار۔

''ژٕ کر چھُکھ مےٚ گرفتار کرُن یژھان؟''

''آ......یہٕ ہیکے ژےٚ پھیرنہٕ تھورنہٕ باپتھ بیٚیہٕ تہٕ اکھ یاژٕ دوہہ دِتھ۔ ژٕ سونچ اتھ پیٹھ۔ میانہِ عزیز۔ خدایس کُن کر رجوع۔ ژٕ وُچھ یہِ چھُ چانی مفادٕ خاطرٕ رُت۔ پرژھ کرمےٚ پیٹھ''۔

''تہٕ اگر یہِ ژٕ ژھیٚنھ دِتھ گژھہٕ کُن''، رَاسکولنکافن پرٚژ ژھنس عجیب آیہٕ وُٹھ گمنأوِتھ۔

''نہ سُہ چھُنہٕ سوالے ژٕ کیاہ ژلکھ۔ اکھ گنوار گریوٗس ژلہِ۔ فأشنہٕ مطأبق دیکھا دیکھی منز پکن وول ترقی پسند شخص ماہیکہٕ ژٕلتھ کیاژِ تس چھُ پنٕنس نظریس پیٹھ اعتبار آسان تہٕ ژےٚ چھےٚ پننین نظریہن پیٹھ اعتبارٕ رَاےموکلیومُت تہٕ ژٕ ہے ژلکھ تہٕ ژلکھ کمہِ کِس ڈُکھس پیٹھ۔ ووٚنی ہرگاہ ژلکھ تہِ تہٕ پتہٕ کیاہ کرکھ۔ بنان چھُ کُنہِ جایہِ روزکھ روپوش پتہٕ کیاہ؟ میانہِ بایہِ راہ فرار آسہِ چانہِ خأطرٕ تکلیف دہ کیازِ ژےٚ چھےٚ تنہأیی آزار دِوان۔ ژےٚ چھےٚ نفرت وۅتلِتھ یِوان۔ وُنی کبس ییمیٚک ژےٚ زندگی اندر سأرِوے کھوتہٕ زیادٕ ضرورت چھےٚ سُہ چھُ اکھ شُقہٕ مقام تہٕ خاص ماحول یُس چانہِ طبیعتکہِ گوٚآسہِ۔ ژٕ ژھیٚنھ دِتھ بیہنہٕ ستی کتہِ میلی تہِ۔ ژےٚ گژھی پتہٕ سٔبٹھاہ وُلی امیٚک احساس تہٕ یکھ پأنی پانے باز پھیرتھ۔ ژٕ ہیککھ نہٕ اسہِ روٗس زندے روٗزِتھ۔ ووٚنی زن کرتھ یہٕ گرفتار مانتہٕ ژٕ روزکھ تہٕ رٹتھاہ۔ یاژٕ یا ترےٚ رٹتھ......میأنی کتھ تھاو یاد ژٕ کرکھ پانے اقبالِ جرم......ژٕ کڈکھ پانہٕ تہِ کریمانہٕ زِ کتھہٕ پأٹھی سپد......اکھ گانٹہٕ بڑوٚنہہ آسی نہٕ ژےٚ یہٕ گُمانہٕ تہِ زِ ژٕ کیاہ چھُکھ اقبال جرم کرن وول۔ مےٚ چھےٚ ییمہِ کتھہِ ہنز پوٗرٕ پرژھ زِ ژٕ کرکھ اذیت برداشت کرنہٕ کےٚ فأصلہٕ ووٚنی گوٚ ووٚنی کبس زن چھُکھنہٕ ژٕ میانین کتھن پیٹھ پرژھ کران مگر ژٕ واتکھ پانے اُتھی کتھہِ پیٹھ اذیت ٹلن تہِ چھُ یارٕ

میانہِ بوٚڈ کارنامہٕ۔ ژٕ موٗ ژھ میانس موچرس کُن۔ مےٚ چھُ پوٗرٕ فکرِ تہٕ رمت وبتراونس کیاہ مزٕ چھُ۔ نِکولائی ٹیچروف چھُ پننہِ جایہِ صحی کیازِ پزٕ بتھ نفرس پزٕ اذیت وبتراوُن امہِ ستی چھُ انسان نارٕ دراوسون بنان لِہٰذا کتہِ ژٕ لکھ ژٕ...... ہرگز ژٕ لکھ نہٕ"۔

رَاسکولنکافن تُجٕ ٹوٗپٕ تہٕ ووٗتھ تھوٚد پراوفری تہِ ووٗتھ تھوٚد۔

"چہل قدمی کرنہٕ نیر کھا۔ خوش ہوا شامُک کری شاد بشرطیکہ کانہہ طوفان تلبس نہٕ حالانکہ ہوا صاف کرنس منز چھُ طوفانہٕ ستی تہِ مدتے میلان"۔ پراوفری پیٹر ووچن تہِ تُجٕ ٹوٗپٕ۔

"پرافری بمہربانی کُری زِنہٕ گمانہٕ زِاز کیاہ کوٚرمےٚ ژےٚ نِشہِ اقبالِ جرم"۔

رَاسکولنکافن ووٗنُس دٕ زِتھ۔ ژٕ چھُکھ اکھ عجیب شخصاتہٕ امہِ شوقہٕ روٗدُس بہٕ چانہِ کتھہٕ بوزان۔ ژٕ بتس تھاوی زِمےٚ کوٚرنہٕ کانہہ اقبال جرم"۔

"مےٚ چھُ مولوم تہٕ چانی یہٕ کتھ تھاوٕ یادتہٕ......بس......اُف ژےٚ کاژاہ تھرٕ تھرٕ چھےٚ؟ ہے یاراژٕ موسا کھوژٕ، پزٕ بتھ کام سپدِ چانہِ مرضی مطابق۔ زٕ ژور دوہہٕ پھیر تھور ژٕ آزادی سان مگر اکھ کتھ تھاوی یادزیادٕ دوہن ہکبتھ نہٕ بویلہٕ تھاوِتھ۔ میون آخری التجا بوز" پرافری ین ووٗننس اچانک پاٹھی آواز دباوِتھ۔ یہِ التجا چھُ معمولی مگر چھُ سبٹھاہ اہم۔ سُہ چھُ یہِ زِاگرے کینہہ کیٗت سپدن وول آسہِ (حالانکہ مےٚ چھےٚ پوٗرٕ پژھ ژٕ کرکھنہٕ تہٕ نہ چھےٚ ژےٚ تیٚتھ کینہہ کرنچ توژھے) چھُ بنان یمن ژتجھن پنژہن گنٹن اندر اگرے ژےٚ بہٕ کُنہِ طریقہٕ امہِ معاملک خاتمہٕ کرُن یوٚ ژھُتھ اوے زن تیٚتھ خیال کانہہ نوبہٕ خیالاہ۔ ژےٚ زن کوٚرتھ پانس ہٹٕ گرنڈم (یہٕ چھُ اکھ مہمل خیال مگر ژٕ کرکھ مےٚ امہِ کتھہِ باپتھ معاف) تیلہٕ تھاوی زِ دوٗ سطری نوٹ لیکھِتھ تہٕ تمہِ کنہِ ہُندپے پتاہ لیکھی زِ یتھ تل ساری چیز دباوِتھ تھاوی تہِ چھی۔ یہٕ آسہِ چانی فراخدلی۔ اچھا خدا حافظ۔ دوٗ یمس ملاقاتس تام اُسن اجازت۔ خداے بخشنے راست خیالی تہٕ گرنے مستحکم فاصلہٕ

کرنک توفیق عطا"۔

پرٛافری دراو نبر کلہٕ بون گُن ترٛأوِتھ تہٕ رَاسکولِنکافس ءتی نظرٕ رلاونہٕ ورأے رَاسکولِنکاف دراو دارِ گُن تہٕ پیچ تابس منٛز ترٛ اون واجنہِ بےٚ صبری سان رٕوٗد پرٛافری نہِ کوچس منٛز واتنگ اندازٕ کران۔ یہِ پورٕ اطمینان گرٛہتھ زِ پرٛافری آسہِ سٹرکہِ پیٹھ ووتمُت ڈوٗل سہٕ دارِ نشہِ تہٕ امہِ پتہٕ دراو گُنی بُد کمرٕ منٛز نبر۔



ا۔ قومی کلسیا ہُن ہُند مُخالف دوزٕ۔

# (۳)

سُہ گودوانِ دوران سیوادری گیلاٗفن گرٕ۔ سُہ کیاہ سوچھ واتناوِ ہے تس تہٕ تمی وومیزٕ کنٔی اوس تس سمکُھن یژھان تہٕ اوسنہٕ تس پانس تہٕ پتاہ مگر تٔمس اندر اوس کیاہ تام قوٗوتھ گۄپتھ ییمہٕ کنٔی سُہ اٗمس پٮ۪ٹھ قوبو کٔرِتھ ہٮ۪کان اوس۔ یہے کتھ ژٔینتھ اوس سُہ یتھ موقعس پٮ۪ٹھ تس سمکھنہٕ باپتھ بیتاب۔

وتہٕ رٔد تس اکھ سوال بار بار خاص پاٹھی پریشان کران۔ سیوادری گیلاف ما آسہِ پرافری لیس سمکھیومُت؟

تس تور فکرِ زِ سُہ چھُنہٕ تس سمکھیومُت سُہ ہیکہِ ہے اتھ پٮ۪ٹھ حلف تہٕ تُلتھ زِ سُہ چھُنہٕ تس سمکھیومُت۔ سُہ اوس پھیری پھیری اٗتھی پٮ۪ٹھ سونچان زِ چھاسُہ پرافری لیس سمکھہِ نہٕ گومُت تہٕ بار بار اٗسس یہے کتھ گنان زِ نہ تہٕ چھُنہٕ سپُدمُت بلاشک چھُنہٕ سُہ تس سمکھیومُت کینٛہہ۔

اچھا مانو سُہ چھُنہٕ تس سمکھیومُت اما آیندس تہٕ سمکھبس نا؟ ژٔھن تتھ بلاے بوزو فی الحال چھُ شبقہٕ سُہ چھُنہٕ تس سمکھیومُت تہٕ نہ ہکس سمکھِت۔ کیاز زِ سمکھبس نہٕ؟ تتھ ہیوٚ کنہٕ وضاحت کٔرِتھ مگر یوٚ دوے سُہ سمکِتھ ہیکبس تیلہِ کتہٕ کرِ ہے سُہ یۆتاہ وکھ ضایہٕ۔ تس گیہٕ امہٕ ستی پریشانی مگر وُنی کبس کرِنہٕ کانٛہہ اتھ پٮ۪ٹھ یقین تہٕ۔ امہٕ تلہٕ اوس باسان یہٕ ماچھُ تس پننہٕ والہِ زمانک خیال مگر سو اٗسنہٕ کتھے توہند مستقبل اوس گٹس منٛز گۄپتھ یُس وُچھنک تس تمنا اوس نہ اٗسس کانٛہہ وُتاولی...... دراصل اٗس تس بدل پریشانی ییمِک تولق تہٕندِس اندرونی حالتس ستی اوس یوسہٕ بے حد اہم تہٕ الگ

خصوصیت تھاوان اُس کیاز ِاتھ اوس اُہندِس ذاتس ستۍ واٹھ۔ امہِ کِنۍ اُسس توہ بےقرأری یوسہٕ بڑٕ نہمہِ بےقرأری کھوتہٕ مختلف اندازٕچ اُس۔ سُہ اوس اٮ۪ندٕری کِنۍ تہِ تھوٚکمُت تہٕ پھُٹمُت تہٕ جسمأنی حالت تہِ اُس تس سوتیمٕژ حالانکہ دماغ اوسُس بڑٕ نہمہِ کھوتہٕ ہنا تازٕ تہٕ صاف یُس کُنہِ قسمہٕ کِس گھرِس اندر رٮ۪نہٕ اوسنہٕ آمُت۔ صبحٕ پٮ۪ٹھے اوس توہند دماغ اصل پأٹھی کأم کران۔ ییلہِ زن واریاہ کالہٕ پٮ۪ٹھہٕ یژھ کتھے اُس نہٕ۔

''یہِ سپدُن اوس تہِ سپدیو وتہٕ ووٚنی چھا شایان یمن لوکچن لوکچن کتھن سنٔن؟ یمہٕ ستۍ کیاہ مفاد نیرِ زِ سیوادری گیلاف رُکاوون پرافری لیس ستۍ ملاقات کرنہٕ نِشہِ؟ حقیقت کیاہ چھے تہِ نٔر راونہٕ ستۍ کیاہ بنہِ۔ سیوادری زن آسبس سمکھیومُت تہِ پتہ کیاہ نیرِ اتھ کتھِ تچھ کرنہٕ تلہٕ۔ یہِ گوٚووکھ ضایہ کرُن''۔

سُہ کوتاہ اوس یموسوالو تہٕ خیالو ستۍ تنگ آمُت!

تہِ گرِتھ تہِ اوس سُہ سیوادری لیس ؤلی ؤلی سمکھُن یژھان۔ تس اُساتس نِشہِ کانٛہہ نٔو کتھا، نٔو شٮ۪چھا یا بچاوٕچ نٔوسبیلا نیرٕنچ ووٚمید؟ ژٕ پوٚ انسان چھُ پتہٕ گاسہ کڑٕچن تچھ دِوان......چھُنا؟ یہِ اوسا یمن دون اکھ اکِس نزدیک یُن قسمتس لیکھتھ کنہٕ کانٛہہ فطری کشش تہِ سونچو تو ہے مگر میأنی کِنۍ اُس یہِ تھٕنز تھکاوٹ۔ ناووٚمیدی تہٕ مویوسی یوسہٕ تِمس امہِ باپتھ اُکساوان اُس۔ شاید اوس نہٕ تس سیوادری سُند حاجت بلکہ بدل کستام سُند لیس سُہ ہی سِندِ بہانہٕ سمکھُن یژھان اوس۔ سیوادری گیلافن سمکھُن اوس محض اکھ اتفاق۔ سُہ اوسا سونیایہ سمکھُن یژھان؟ مگر ووٚنی کٮ۪بس کمہِ باپتھ گژھہِ سُہ سونیایہ نِشہِ تہٕ؟ شاید پٮ۪یہِ اُدشک خأرات منگنہِ۔ سُہ اوس سونیایہ کھوژان تہٕ......سونیا اُس تس باپتھ کنہٕ پٮ۪ٹھ کھٔنہٕ آمٕژ نہ بدلوٚنی عبارت؟ سُہ اوس سونچان زِ تس پزیاتہٕ سونیایہ ہٕنز ووٚموو تہٕ پٮ۪ٹھ پکُن کنہٕ پٮ۪نہٕ گژھی۔ مگر امہِ وِزِ با سیوو نہٕ تس سونیایہ سمکھنہٕ کھوتہٕ بہتر پٮ۪یہِ کانٛہہ خیال مگر تہِ گرِتھ تہِ اوس بہتر تہٕ افضل سیوادری گیلافس سمکھنٕے مانان کیازِ تس پیوٚ وٮ۪تھ خأہشہٕ

بڑونہہ کنہٕ سرخم کرُن زِ سُہ چھُ واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ خبر کیاہ زِ تس سمکھُن یژھان۔

مگر یمن دون کیاہ ہشر چھُ؟ یہنز خطا کاری تہٕ پھِسے بیوٚن تہٕ بدۄن۔ سُہ چھُ انتہاٰیی نا معقول، وکھت تہٕ بظاہر خوفناک تہٕ کُنہِ شکہٕ ورأے کمینہ تہٕ بداخلاق نفراہ۔ تس نسبتھ آسہٕ یژھے کتھہٕ عام۔ یتھ حدس تام زِ دپان أسی سُہ رۄدیزی کیٹیر ییناہنِد بِن شُر بِن اتھہٕ شہلاوان مگر اتھ پتہٕ کنہٕ تہٕ أسس کیاہ ہتام شیطانی خاہش۔ پزِ بتھ کانہہ اوس ونان سُہ یوسہٕ تہِ کأم کران چھُ تتھ اندر چھُس کانہہ نتہٕ کانہہ غرض ضرور آسان۔

رَاسکولنکافس اوس وُنی کیس بیاکھ خیالاہ تہِ بار بار دِماغس اندر وتلتھ پریشان کران۔ امہٕ کنہ اوس واریاہ بےٚ قرار۔ اچ دَگ أسس یژھ شدید زِ سُہ اوس ازحد کوٗشش کران یہِ خیال دِماغہٕ منز نبر دأرِتھ دنہٕ باپتھ۔ بعضے اوس سونچان زِ سیوادری چھُ تس ہۄنی ہِندی پاٹھی شاہ پتاہ ہتھ پتے سیٚدان۔ سیوادری گیلافن اوسا اوہند رازنۄن کڈِتھ بیٚیہِ دونیایہ پیٹھ ٹورتراوُمت۔ ہرگاہ سُہ وُنہِ تہِ دونیایہ پھساوُن یژھان آسہِ تیلہِ؟ بظاہر چھُ ونہِ تمُس برابر تمے ژھر ژٹھ باسان۔ رازُک افشاء گوژھنہٕ پتہٕ زن اوٗنُس یہٕ أمی تلفس تل تیلہِ۔ اہنسا سُہ کرِ دونیایہ برخلاف بڑِ ہتھیارٕ رِنگی استعمال...... کرِنا؟

یہِ خیال اوس تس سخت یزاہ دِوان یوٚ تام زِ خابن منز تہٕ اوسُس یوہے خیال وُبوٚ دُرتلان مگر وُنی کیس یۄتاہ باہِر اندرسُہ سیوادری گیلافس سمکھہِ نہِ گژھان اوس تمی تیز رفتأری سان اوسُس یہِ خیال تہٕ پریشان کران۔ تیمی تس زنتہٕ تمنی کتر کرٕ۔ امہِ ستی بدلہِ تیلہِ سأرِے نوعیت۔ میأنی حیثیت تہِ بدلہِ کیاہ زِ تیلہِ چھُم دونیایہ بڑونہہ کنہٕ اقبالِ جرم کرُن۔ رازس چھُ ٹھانڈ ٹکن۔ یہِ چھامے تیلہِ تیمہِ باپتھ پننی قربانی دِنی زِ دونیا گوژھ نہٕ کانہہ دوکھہٕ قدم ژٕنگی تہٕ سو گوژھہِ محفوظ روزٕنی؟ سو چھِ کھنز تہٕ کیاہ أس؟ دونیایہ ہے از صبجنس سو چھِ رٕٹ أخر تمِس کُس چھُ شہرس اندر تیمی سو ژھی

سۄزِس ؟ لُزہن ...... شاید آسبس تٕمی سۄزِمُت؟ یہِ چھُ صحی زِ تٕہنٛدِ حفاظتہٕ باپتھ اوس رازوٗ منہنن تتہِ موجود مگر رازوٗ منہنس ماچھُ حقیقت حالٕچ کٲنٛہہ تہِ مولوم۔ تیٚلہِ پزِیا رازوٗ منہنس یہِ سِر باوُن؟ سُہ اوس اتھ پٮ۪ٹھ غور کران مگر أندریم نفرت ہیوٚ کنہٕ دبأوِتھ۔

بہر حال سیوادری گیلافس چھُ لامحال گرِتھ سمکھُن یۄتاہ ؤلی ممکن سپدِ تیۄتاہ۔ چھیکرس کوٚرٕ تٕمی امہِ کتھہِ ہُنٛد فأصلہٕ۔ خدایس گُن شکر زِ تمہِ ملاقاتکی ہکہن نہٕ تتھی وُلتٕہ نتیجہ نیرِتھ۔ سُہ ہیکہِ نہٕ کتھہِ ہنٛز اَگۄجی کھرِ گرِتھ۔ ترٛ ہ صلاحیتے چھس نہٕ ووٚنی گوٚو اگرے سُہ دونیایہ ناوِ وأتِتھ ہیوٚک...... تیٚلہِ؟ اگرے سُہ دونیایہ خلاف کانٛہہ چال آسہِ بناوان؟ تیٚلہ؟"۔

پٮ۪تٕمہِ اکہِ رٮ۪تہٕ پٮ۪ٹھہٕ اوس راسکولنکاف سپدن والیو حالاتوٗ ژٕٹھ ترٛووٗمت۔ سُہ اوس امہِ سببہٕ تِتھن سوالن ہُنٛد جواب سونچان "سُہ پزِ مےٚ تیٚلہِ قتل کرُن" مگر مویوسی أسِس ترٛ پھاٹناوان۔ ہنگہٕ منگہٕ ووٚتھ تس مویوٗسیہ نال دِل ہنٛدریوس تہٕ مٔزٕ باگ سرٛکہِ گوٚبۄت ہیوٗ استادٕ تہٕ لوٗگ وۄن دِنہِ زِ سُہ گٮ۪نٛتھ چھُ تہٕ کمہِ وتہِ چھُس نیرُن؟ تٕمی وُچھ پان گُھر چہِ بازرٕ نشہِ اندازن ترٛہ ژٕتجی قدم دوٗرٕ ریٚتمہِ مٔزٕ سُہ درامُت اوس تہٕ ووتمت اوس ایکس بلڈنگہِ نِش۔ أہنٛد کھوورِ پاسہِ امہِ عمارٔژٕ ہُنٛد سورُے دوٗیم پوٚہر اوس سرائیہ تہٕ شراب خانہٕ رٔنگی استعمال سپدان۔ اتھ آسہٕ سارے داریلہٕ یموٚ مٔزٕ اتھہِ پٮ۪نہٕ واجنوٗ ژھایوٚ ستی فکرِ تران اوس زِ اتہِ أسی گنجأیشہِ کھوتہٕ زیاد لۄکھ موجود۔ اتہٕ آسہٕ گیون لیہِ، کلیرنیٹ تہٕ وائیلن وایہٕ چہِ آوازٕ گرٛزان تہٕ ڈولن ہنٛدِ واینگ جوٗش تہٕ اوس کٔن گژھان۔ سُہ اوس زنانن ہنٛزٕ کرٛبکہٕ صاف پٲٹھی بۄزتھ ہکان۔ سُہ اوس یتھ کتھہِ پٮ۪ٹھ حأران زِ ایکس مٔنزل کیاہ کرنہٕ ووت سُہ تہٕ ووٚنی اوس پۄت پھیرنس تیار زِ اکہِ دارِ مٔنزٕ پٮ۪نس سیوادری گیلافس پٮ۪ٹھ نظر یُس چاے چینہٕ باپتھ أکِس میزس نشہِ أسِس مٔنز پائپ رٔٹِتھ بیٹھتھ اوس۔ راسکولنکاف گوٚو ششدر رۄزِتھ تہٕ ترٛ ہریوو۔ سیوادری

گیلاف اوس لوٚت پأٹھۍ نظر تھأوِتھ تس ژرژان۔ رَاسکولنِکافس آو یکدم خیال زِ سُہ چھُ وۄتھُن تہٕ ژلُن یژھان یتھ نہٕ کأنٛسہِ خبرِ ے لگہِ۔ رَاسکولنِکافن تہِ لوگ کنہٕ ڈول تتھہٕ گٔنٛز دۄیِن زنتہٕ سُہ وُچھنے نہٕ۔ دۄ نبر کُن نظر ترٛأوِتھ تہٕ اوس رَاسکولنِکاف دراصل ٹکۍ ٹارِ تِمس پتھے نظر تھأوِتھ۔ دِلس أسس دُبرارے گژھان۔ پزی اوس سیوادری گیلاف یژھان زِ کأنٛسہِ گوٚژھ نہٕ پتہٕ لگُن تہنٛدِ اتھ آسنک۔ تِمۍ کڈ أسہٕ منٛز پایپ نبر تہٕ لوٚگ اوٚک طرف پکِتھ کوٚنجس اندر ژھایہِ ہٕلس روزنہِ مگر رَاسکولنِکافس پییہ تِمس پتھ نظر تہٕ تِمس تہِ باسیوو زِ رَاسکولنِکافن وُچھ سُہ تہٕ چھُس ژرژان۔ فوراً لوٚگ سُہ مکارانہٕ اسناہ کرِتھ بےٚ پھرٛوک پأٹھۍ اور یور پوٚری ترٛاونہِ۔ یمن گیہ برابر سوے بأشر یوسہ گوڈنکس مُلاقاتس پتھ سپٕز کھ یتھ سُہ رَاسکولنِکافس کھٕتس منٛز سمکھیوو۔ دوشوٕنی توٚر فکرِ زِ تِم چھِ اکھ أکس پتھ نظر تھأوِتھ۔ سیوادری گیلافن دیُت ژھوپہ ٹکھ پژاژن کنن تام درسہِ دِتھ اسن کھنگالہٕ ترٛأوِتھ کوٚڈ تِمۍ دارِ کِنۍ کلہٕ نبر تہٕ لوینس ناد۔

"ہے بابا......ولہٕ ولہٕ اگر ے مےٚ چھُکھ سمکھُن یژھان۔ کھس یوٚری"۔

رَاسکولنِکاف کھوٚت ہیوٚر تہٕ ژاو شراب خانس منٛز۔ تِمۍ وُچھ سیوادری گیلاف اوس أکس لوکٕٹس کوٚٹھس منٛز بہتھ یُس رستیورانہٕ کہِ بڈ کمرِ کس اندس پتھ اوس یتھ اندر لگ بگ وۄہ میز لگِتھ أسی۔ یمن أنٛدی أنٛدی لأگِتھ کرسی ین پتھ باپأری، کلرک تہٕ تتھی باقی لوکھ شراب چوان أسی۔ أکِس کُن اوس پیانو بجان تہٕ اکھ گوٚن وول اوس ہٕنٛز رگہٕ چأرِتھ گوان۔ ہنا دوٚرِ اوس کمہِ تام بیٚیہ کمرِ منٛز بلیأرڈ بالہِ گندنک ٹھک ٹھک کنن گژھان۔ سیوادری گیلافنس میزس پتھ أس اکھ ٹھانڈ مُژرِتھ بوتل تہٕ بیٚیہ اکھ گلاسہٕ یتھ اندر نصفس تام شامپین اوس۔ أتھۍ کمرس منٛز اوس اکھ لڑکہٕ أکِس اندس کُن استادٕ یس أتھس کبتھ اتھہٕ باجہٕ اوس۔ تِمس نکھے أس روخہٕ وۄزِ ج اکھ پولر کوریہ ہن یُس وأنٛسہِ ارداہ وُری تام آسہِ ہے۔ تِمس اوس تنگ اسکرٹ لأگِتھ تہٕ کلس

ٲمِس فیتہٕ دار ہیٹ دِتھ یوسہٕ عام شُری وۄڈِ دِوان چھہٕ۔ بڈ کمرِ منٛز ہُنٛڈ رگہٕ چاڑِتھ گۄون وٲلی ہِنٛز آواز ٲسی حالانکہ اتھ کُٹھس منٛز تہٕ بۄزتھ ہیکان مگر تو تہٕ اُس یہٕ کٲر لاشوٚہِ آوازِ منٛز کُستام بازٲری بٲت گۄوان تہٕ لڑکہٕ اوس اتھہٕ باجہٕ وایان۔ کٲر اُس پننہٕ آواز پیانوکِس سُرن ہِتی رلاونچ کۄشش کران۔

''بس......بس'' رَاسکولنکاف کمرس منٛز اَژی تھے وۄن سیوادری گیلافن تمِس کور۔ تمہٕ کورِ کۄر ریکدم گۄون بٲتھ بند تہٕ ادبہٕ سان کۄرُن سر خم۔ یہٕ کتھ تہٕ ونوِ بازٲری تہٕ بے ہۄدِ بٲتھ گیوٚ وتمہٕ سۭبٹھے سنجید گی سان۔

''فلپ! گلاسہٕ اکھ انسا'' سیوادری گیلافن منگنوو کرٕ بکھ دِتھ گلاسہٕ۔

''بو چمہٕ نہٕ کہنہٕ'' رَاسکولنکافن وۄنُس۔

''چلو چانٛئی مرضی۔ مگر یہٕ گلاسہٕ انہٕ نو ونہٕ مےٚ چانہٕ بابتھ''۔

''کٹیا......رٹھ چےٚ......ازگونہٕ ہیٚیہٕ کہنہٕ......ازگوٚ ے ژٕے رو خصت''۔

گٕلی گنڈٕ گلاسہٕ بٕرِتھ پلنووٕن ٲمِس کورِ تہٕ چندِ منٛزٕ اکھ سبز نوٹ کڈِتھ تھووٕن ٲمِس برٕ ونٕھہٕ کنہٕ میزس پیٹھ۔

لڑکیہٕ نیوٚ گرٕ وٕٹھ گرِتھ گلاسہٕ خٲلی گرِتھ تہٕ میزٕ پیٹھہٕ نوٹ تُلِتھ دِیُتن سیوادری گیلافنس اتھس میوٚٹھ۔ شاید آسہِ ہایہٕ یہُنٛد معمول۔ سیوادری گیلاف اوس بُتھ تھٲوِتھ بہتھ۔ سو کٲر دراہ پۄت پۄتے کُٹھہٕ منٛزٕ نبر۔ کٹیرٕ تہٕ دراوپُن اتھہٕ باجہٕ ہتھ تمی ہے ہِتی۔ دپان ییم دۄ شوے ٲسِکھ سڑکہِ پیٹھ تُلِتھ اَنی مِتی۔ وُنہٕ اوس نہٕ سیوادری گیلافس شہر آمتِس اکھ ہفتہٕ تہٕ گومُت مگر پُتن دلبہٕ اوسُن تژ وومُت یوٚ تام زِ ویٹر فلپ تہٕ اوسُس یار بنیو مُت یُس ٲمِس مٹھہِ مٹھہٕ کرنہٕ لۄگمُت اوس۔ گٹھیک درواز اوس ریستورانہٕ کہِ بڈ کُٹھہِ منٛزی آسنہٕ کنہٕ اکثر بندٕ ے روزان۔ چنانچہ سیوادری گیلاف اوس سارِوے نشہٕ بدٕون رٕوٕزِتھ تہٕ شاید گریک ہیٚ سکون محسوس کرنہٕ کہٕ غرضہٕ اکثر دٕو ہی

دوٚہس اٲٹھی گٔژھِس منٛز بہان۔ یہِ ریستوران اوس سٹھاہ گنٛدٕ تہٕ وٕسِ پایِک۔ دٔیِمہِ درجکی ریستوران تہٕ چھِ امہِ کھوتہٕ بہتر آسان۔

''بوٗ اوسُس ژٕ یتہِ سمکھن یژھان تہٕ ژٕ ے او سُستھ ژھاران'' رٲسکولنکاف کوٚر کتھہِ ہُنٛد ڈٲسلابہٕ۔ ''مگر بوٗ چھُس حٲران زِ وُنی کیٛہ کتھہٕ تہٕ کیاز آس بوٗ سوٗرے کھرچہِ بازار ژھُنڈِتھ یور۔ یورگُن چھُس نہٕ بوٗ زانہہ یِوان۔ بوٗ چھُس کھرچہِ بازار ہٕنشہِ کھوٗ رگُن پھیران۔ ژٕ چھکھ نہٕ پیٛارِ روزان تہٕ بےٚ خیاٰلی ہٕنٛدِس عالمس منٛز وٚوتُس بوٗ تہِ ازٕ پیٛارِ تہٕ ژٕ تہِ چھُکھ پیٛتی ہٕتھ۔ عجیب کتھ چھےٚ''۔

''صاف صاف کوٚنہٕ چھُکھ ونان یہِ چھُ اکھ معجزٕ''

''یہِ چھُ اکھ اتفاق''

''یہے تیاٰلی چھےٚ توہہِ اٲزی کینٛہن نوجوانن'' سیوادری گیلافن وٚنُس اسانِ اسان ''ژٕ مانکھ نہٕ چھُکھ ژٕ معجزن ہُنٛد قٲیِل مگر معصوم اندازس منٛز چھُکھ ونان یہِ چھُکھ اکھ اتفاق۔ ژےٚ ماچھے پتاہ ییلہِ پنٕنی رٲے باوٕنک موقعہِ یِوان چھُکھ یم نوجوان چھِ ڈٕنٛھی بنان۔ بوٗ چھُس نہٕ چون ونان تہِ کیاز ژٕ ےٚ چھے اکھ پنٕنی رٲے تہٕ تمیُک چھےٚ خوف تہِ۔ یوہے چھُ وجہ زِ ژٕ ےٚ چھےٚ مےٚ اندر دلچسپی بڑٕمٕژ۔

''پنٕنہِ چھُنہٕ کانٛہہ وجہ؟''

''نہٕ میانہِ باپتھ چھُ یتےٚ سٹھاہ'' سیوادری گیلاف اوس نشس منٛز ضرور مگر تیوٗ تاہ نہٕ کینٛہہ۔ تمیٚ اوس محض اکھ ڈگلاسہِ چوٚمُت۔

''مگر مےٚ چھُ باسان ژٕ ییلہِ گوڈنچہِ لٹہِ مےٚ نِشہِ آکھ تمہِ وِزِ آسہے نہٕ ژٕ ے میاٰنی یہِ خصوصیت مولوم یتھ ژٕ ''میاٰنی رٲے ونان چھُکھ''۔

''سوچھ وکھرٕ کتھ۔ پژٕ بتھ نفرس چھُ پنٕن مخصوص طرزِ عمل۔ وٕنی یوٚ تام لمہِ معجزٕ چ یا بقول چانہِ اتفاق چ کتھ چھےٚ میانہِ غافل متہٕ۔ باسان چھُم ژٕ چھُکھ پٕتی موٚدوٕیو

ژیٚو دوہو پیٹھہٕ بس شوٗنگتھ اوسمُت ۔میٚے وۄنمے ژٕ یِمہٕ ریسٹورانٹک پے پتہ لہٰذا نہٕ چھُ یہِ معجزے تہٕ نہ کانٛہہ اتفاق۔مےٚ تورُے ژٕ فکرِ وضاحتہٕ سان کمہِ وتہِ وأتی ژٕ تہٕ یوٗگوٗبجہِ سمکھے ژٕ یتہِ۔ پیٚوے یادِ؟"

"نہ مےٚ چھُنہٕ کہنۍ تہِ یاد" رَاسکولنکافن وۄنُس حأرتن گژھتھ۔

"مےٚ چھےٚ پڑھ ژٕ چھُکھ صحی ونان۔مگر ریسٹورانٹک پتہ وۄنمے مےٚ ژٕ دوٚیہِ پھِرِ۔تی گوٚ چأنِس دِمٲغس پیٹھ نقش۔چنانچہ ژٕ ووتُکھ کھرچہ بازارس اندر میکنیکی طور تہٕ یُس پے پتاہ ژٕ وۄنمے سُے روٗد چأنی راہنمأیی کران حالانکہ امیٚک روٗدُے نہٕ ژٕ کانٛہہ احساس۔ژٕ اوسُے نہٕ پانس پتہٕ زِیورگُن کیاژ چھُکھ پکان۔مےٚ چھُ پانس مولوم راتھ ییلہِ ژٕ بو ریسٹورانک پے ونان اوسہٕ سے ژٕ نہ اوسُکھ بوزلنۍ تہٕ نہ سمجانی۔لالہٕ پھلہِ! ژٕ چھُکھ ضرورتہٕ کھوتہٕ زیادٕ خود فراموش بنان یہِ چھےٚ خطرناک کتھ۔دوٚیِم کتھ چھےٚ یہِ ژِ شہرس منٛز سمکھنے ژٕ یِتھی واریاہ لوٗکھ یِم وتہِ پکن پانس ستۍ کتھٕ کران آسان چھِ۔یہِ چھےٚ نیٖم پاگلن ہنٛز بستی۔ہر گاہ سأنِس ریاستس منٛز قأبل سائنسدان ڈاکٹر تہٕ فلسفی وغاٲرٕ آسہٕ ہن تِمن آسہِ ہے تخلیقن ہُنٛد مأدان یو ہے شہر۔ دُنیاہس منٛز چھِ یتھ شہرس ہشہِ جایہِ واریاہ کم ییٚتہِ لوٗکن ہنٛد بن دِمٲغن پیٚٹھ ووڈٲسی تہٕ تندی ہنٛدی شدیدتہٕ عجیب وغریب تاثرات پیٚمتی چھِ۔فقط آب وہوٚکُے اثر ہیکہِ نہٕ کہنۍ تہِ گٔرِتھ؟ آ......یہ شہر چھُ ملکُک مرکزی شہر امہِ کنۍ ہیکہِ امیٚک اثر سأری ہے ملکس منٛز پھہٲلتھ۔خأریہِ چھُنہٕ سون زیر بحث مسئلہ ژٕ ہن اتھ بلاے۔دراصل چھسے ......یہِ وُنُن یژھان زِ مےٚ تھأو چأنِس پھیرنس تھورنس تہٕ ووتھنس بہنس پیٹھ نظر تہٕ غورٕ سان روٗدٕ سے ژٕ ژرژان۔ییلہِ ژٕ نیران چھُکھ ژٕ چھےٚ گردنہِ زنتہٕ لٔگرٕ گمُو آسان تہٕ کلہٕ چھےٚ تھوٚد آسان۔قدم وُہ مرٕ ترٛاوِتھ چھےٚ چأنی گردن زنتہٕ ترٛوٗدِس وسان تہٕ ژٕ چھُکھ اتھہٕ پُشتس پیٹھ گنٛڈِتھ پکان۔أچھی چھےٚ ژٕ وژھے آسان ژٕ چھُکھ بڑ وۄنٛتھ کُن

وُچھان آسان مگر درحقیقت چھُکھنہٕ کینٛہہ وُچھانٕے آسان۔ پتہٕ بڑ وٕنٛتھ، ٲچھن کھوٚور امیٖگ چھُے نہٕ ژےٚ کانٛہہ دیانٕے آسان۔ اٲخرس پیٹھ چھےٚ چانٛہن وُٹھن زیر لگان تہٕ چھُکھ پانس ستی کتھہٕ کرنہِ لگان۔ بعضے چھُکھ ژٕ پٔنٛن اکھاتھہٕ گلناوی گلناوی سبٹھٕے جوشکو تقریر نوان گرِتھ۔ پتولاکن چھُکھ سےٚ مٕزروتہِ اِستاد گرِ ژھان۔ غفلژٕ ہنٛدِس عالمس منز چھُکھ واریاہس کالس اٲتی اِستادٕ روزان۔ لالہٕ پھلہِ۔ یہٕ چھےٚ نہٕ رٕژ کتھ۔ مےٚ وراٲے تہِ ہیکی ژےٚ کانٛہہ سٕنتھ تہٕ یتھہٕ کٔنٛہ ہیکی خطرٕ وٲتتھ۔ مےٚ نہٕ چھُ چانہِ اتھ دیوانگی ستی کانٛہہ واسطہٕ تہٕ نہٕ چھُم چون ڈاکٹرٕ بنٛنچ قابلیژھے۔ مگر اکھ پرٕژھ چھُم میانہِ ٹاٹھہِ زِمیون مطلب آسبتھ ژےٚ ژیوٚ نٕمت؟"۔

"مطلب ژےٚ چھُے پےٚ زِ کستام چھُ سایکی پاٹھی مےٚ پتے شانکہِ روٗزتھ؟ رااسکولنکافن پرٕژھُس۔

"نہ۔۔۔۔۔۔نہ۔۔۔۔۔۔ میون مطلب چھُ یژھ کانٛہہ کتھ چھمنہٕ مولوم" سیوادری گیلافن دیُتنس حاٲرتہٕ سان جواب۔

"بس۔۔۔۔۔۔ تیلہِ کرٕژ میون تذکرٕ یتی ختم"۔

"دسبٹھاہ رُت۔۔۔۔۔۔ چلو کوٚر ختم"۔

"اچھا سیوادری گیلاف۔ ووٚنی پرٕژھےبو ژےٚ اکھ سوال یہِ زِ ہرگاہ ژیوٚ رٕ شراب چینہِ یوان چھُکھ۔ تہٕ ژےٚ ہرگاہ دوٚیہ پھرِ مےٚ ییمہِ ریستورانٛٹ پےٚ پتاہ وٕنٛتھ تہٕ یور سال گرِتھ اوٚتھس تیلہِ کیازِ اوسکھ ژٕ مےٚ وُچھی تھےٚ ژوٚر روزنچ کوٗشش کران؟ یو اوسُس وُچھان ژٕ اوسکھ۔۔۔۔۔۔ دگ تھاوِنی یژھان۔۔۔۔۔۔ ژٕ ہیکہنہٕ انکارٕ ےگرِتھ کیازِ یو اوسُس سٔرکہِ پیٹھ سورُے کینٛہہ وُچھان"۔

"تہٕ جناب ووٚنی پرٕژھے ژےٚ تہٕ یو یلہِ ژےٚ سمکھہٕ نہِ آیو سے ژےٚ کیازِ لادِتھ بنٛدر؟ یو اوسُس دروازس نشہِ اِستادٕ تہٕ ژٕ اوسکھ بیدار اٲسِتھ تہِ اٲچھی بند گرِتھ

نندٕ رلاگان۔ کیاز؟ ژٕ تہٕ تھاوزٕ تس اتھ ہیکِھنہٕ ژٕ تہٕ انکارٕ ے کٔرِتھ"۔

"آسن کینہہ وجوہات۔ یم ژٕ پانے سمجتھ ہیکِکھ!"۔

"تہٕ جنابو تتھے کُنی آسن مے نِشہِ تہٕ کینہہ وجوہات مگر ژٕ ہیکِکھنہٕ تم سمجتھ"

سیوادری گیلافن دیُت میزس ژٕچھن کھونہٕ وٹ تہٕ مژٕ اتھس پیٹھ ہونگنی تھاوِتھ لوگ رَاسکولنکافس مُدے گنڈِتھ وُچھنہٕ۔ برابرأ کس منٹس روُدُسہ أمس تالہِ پیٹھ نلس تام نظر تھاوِتھ وونت وُچھان۔ أمنز شخصی یژٕستی مُتأثر سپدِتھ لوگ سُہ اوہند اوندُر سرٕ کھرٕ کرنہِ۔ تہند بتھ اوس عجیب۔ رنگ سورخ تہٕ وُٹھ أسس ووزِلی۔ ریش کاژُر۔ ریشہِ کھوتہٕ زیادٕ کاژُر اوسُس مَس۔ شکلہِ کنی وس پأ زہیوٗ۔ یہ اوس بِلہٕ تہٕ یمن بِلہٕ أچھن اندرٕ تہندی تھامہِ گأمتی جذبات أسی دوٗرِنی پأٹھی محسوس کرنہٕ ہبکان یتھ۔ طمطراقہٕ وألی جذبات۔ یِلہِ یم بِلہٕ أچھی کُنہ کُن ووتھان آسہ تہٕ پتہٕ مُدأ ے گنڈٕ ہن۔ نظرن تل یِنہٕ وألِس أسی زنتہٕ پھیپھرٕنی لگان۔ وضع قطعہ کنی خوشوٗن تہٕ خوبصورت بُتھ اوس سیوادری گیلاف جوان آسنک باس دِوان حالانکہ جوان اوس نہٕ۔ اتھ بظاہر خوبصورتی پتی کنی اوس خبر کیاہ ویکھرٕ ارگُپتھ۔ رہتہٕ کالی پوشاکس مژٕ اوس سبٹھے نفاست پسندتہٕ نوزُک مزاج باسان۔ اکہِ اتھچہِ کِسہِ ستی اوٗنگجہٕ أسس وارِیاہ قیمتی کژانکھِ دار وأج لأگتھ۔ یژھہٕ واجہِ چھِ اکثر باپأرٕ ی لوٗکھ لاگان۔

"تہٕ وونی چھامے ژٕ ے پتہٕ پتہٕ پٔنُن وکھ برباد کرُن"۔ رَاسکولنکاف لوٗگُس بڑٕ ونٹھ کُن یتھ وننہٕ "یوچھس نہٕ یُتاہ جلد ہارمانن وول حالانکہ اگرے ژٕ یژھکھ مے ہیکِکھ وارِیاہ آزار واتنأوِتھ۔ مگر بوزمے چھنہٕ پٔننی زندگی تیژٕ اہ ٹأٹھ ییژٕ اہ ژٕ ے باسان چھے۔ مے چھنہٕ زندگی ہُند مول کھٔنڈ ہارتہِ باسان نہٕ چھُم امیُک پرواہ کانہہ۔ بوآس یور ژٕ ے یہ ژٕ ےنہٕ ون دنہٕ کہِ غرضہِ زِ اگرے ژٕ میانہِ بینہٕ عبستھ کانہہ شیطأنی منصوبہٕ بناوان چھکھ تہٕ میون اکھ رازٕ ڈری یافت کٔرِتھ یُس شاید ژٕ ے پتاہ لوٗگمت تہٕ چھے۔ امہِ نِشہِ

فأیدٕ تلنٛج کوٗشش کرنس اندر لگتھ چھُکھ یاد تھاوان بژ ونہٕ زِ ژٕ کرناوکھ مےٚ گرفتار بو کرتھ ژٕ قتل۔ بو چھُس نہٕ ژھرے گگرایہِ کران۔ ژےٚ گژھی یتہِ پتاہ آسُن زِ بو یہِ ونان چھُس تتھ پیٹھ چھُس عمل تہِ کران۔ دوٗیم کتھ یہِ زِ ہرگاہ ژٕ کینٛہہ وُنی چھُکھ یژھان تہٕ مےٚ چھُ پے ژٕ چھُکھ کیٛاہتام وُنی یژھان تہِ توٚر مےٚ تمی وِزِ فکرِ ییلہِ ژٕ گوڈنچہِ لٹہِ مےٚ سمکھہٕ نہٕ آکھ، وَن فوراً سیوٚد تہٕ صاف لفظن منٛز، ژٕ چھُن کھوٗر گژھنہٕ ورأے تکیا زِ میون اکھ اکھ ژیٛہہ چھُ مولُل"۔

"نساتہٕ پیٚژ اہ کیٛاہ تعجلی چھےٚ" سیوادری گیلافن ووٚنُس اسوٕنہِ ہونجہِ معنی خیز نظراہ ترأوِتھ۔

"پنٕنی منصوبہٕ تہٕ پنٕنی اراد چھِ پژ بتھ نفرس آسان" رَاسکولنکافن ووٚنُس بے چینی تہٕ ووداُسی منٛز۔

"وُنی اوسہم ژٕے ونان سیوٚد تہٕ صاف پأٹھی کرکتھ مگر پانہٕ دیُتتھ میأنس گوڈنکی سےٚ سوالس جوٗاب" سیوادری گیلافن ووٚنُس اسوٕنہِ ہونجہِ "ژےٚ چھےٚ ہمیشہِ باسان بو چھُس ژےٚ خلاف کیٛاہتام منصوبہٕ بناوان تہٕ چھُکھ مےٚ پیٹھ شک کران۔ خأر یہِ چھےٚ قدرتی کتھا چانہِ جایہِ اگر بو آسہٕ ہا بو تہِ کرٕہا تتھے کٕنی شک حالانکہ کتھ چھےٚ در اصل یہِ زِ بو چھُس ژےٚ ستی یارانہٕ لاگُن یژھان مگر افسوس چھُم یہِ سپدان زِ چون شک چھُس نہٕ کأنسہ ہبکان تہٕ نہٕ چھُم ووٚنی شک کاسنگ حاجتھے باسان۔ پژھ کرہِ گیہِ فقط مغز گسأے کرٕنی۔ فضول گٕنہِ مُرادِ روٗس۔ نہٕ چھُس بو گٕنہِ خاص موضوعس پیٹھ ژےٚ ستی کتھے کرن یژھان "تیلہِ کیٛاہ زِ اوسکھ پتمین دوہن مےٚ أندی پکی گتہِ گیوٚر کران۔ ژٕ ہےمےٚ پوٚنپری گتھ کران اوسکھ"۔

"نہ کانٛہہ خاص کتھ اُس نہٕ سوائے یہِ زِ مےٚ باسیوکھ ژٕ دلچسپ۔ پرکھایہِ باپتھ چھُکھ ژٕ سبٹھاہ دلچسپ شخص۔ چون لاوٗبألی ووہار تہٕ یہِ چأنی عجیب حالت گیم خوش۔

بس یوٚہے چھُ وجہ بقول چانہِ ژٕے پوٚنپرِ گژھ کرُنگ۔ تمہِ مزید چھُکھ ژٕ تس مسولہِ یمہِ یوٚاکہِ زمانہٕ مٔتی اوس کوٚرمٔت...... خٲر...... چونکہ تٕمس نِشہِ اوس مےٚ ژٕے نِسبتھ واریاہ ہٕزمٔت تہٕ فکرِ اوسُم توٚرمٔت چون چھُ تٕمس پٮ۪ٹھ زبردست اثر بلکہ چھےٚ سوچاٗنس دائرَ اختیارس اندر تہِ۔ وٕنی تو جنابو یہِ چھُنا سٮ۪ٹھاہ ژٕے ٔستی میانہِ دلچسپی باپتھ...... خٲرمےٚ پٮ۪یہِ مانُن چون سوال چھُ ہناہوٚل تہٕ امیُک جواب دِیُن ہرگاہ میانہِ باپتھ ممکن چھُہٕ مگر مشکل چھُ ضرور۔ پٔننی مثال وَن تہٕ ژٕ آکھ مےٚ نِشہِ وُنی کٔمس اکہِ خاص مقصدٕ نوٚ کتھا بوزنہِ۔ چھاپوٚز کنہٕ نہ؟ ونسا چھاپوٚز کنہٕ اپزٕ چھُ؟" سیوادری گیلافن گُمناوی وُٹھ یمہِ کِنیٖ تہنٛز شیطانی نٔژ پاٗٹھی پرٕیڈان اُس۔ "خٲر میانہِ یار...... ژٕ ہیوٚ گُھنہٕ یہِ مومٔولی اندازٕ تہٕ گرِتھ زِمےٚ اُس ژٕے پٮ۪ٹھ مکمل وومید تھاوٕمژ۔ یٮ۪لہِ بوٚریلہِ منٛز بہتھ یوٚرگن یِوان اوسُس بوٚ اوسُس سونچان ژٕے ٔستی ملاقات گرِتھ زانہٕ بوٚ کیٛنہہ نِو کتھہٕ۔ کیٛنہہ نوٚو پرٛاوٕ...... وُچھتہٕ...... اُسی چھِ دوشوٕے اتھ لین دینس منٛز بختاوارٕ ے"۔

"مےٚ نِشہِ کیاہ چھُکھ پرٛاوُن یژھان؟"

"اوٚتھس پٔچس منٛز۔ اتھ سوالس کیاہ جواب دِمے بوٚ ژٕے؟ بوزوٕے تہٕ مےٚ چھُمنہٕ پانس تہٕ پتاہ زِ ژٕے نِشہِ کیاہ چھُس پرٛاوُن یژھان۔ تہٕ ژٕ کیاہ فایِدٕ...... ہلکھ مےٚ واتناوِتھ۔ ژٕ چھُکھ پانہٕ وُچھان بوٚ کِتھس وٕہیات ریسٹورانس منٛز چھُس وکھ گُذٲری کران۔ یہِ چھُم پسند...... تِیوٚت پسند تہِ نہٕ کیٛنہہ مگر کروٚ کیاہ مجبوری بٮ۪یہِ نہٕ کیٛنہہ۔ اُخرا کھ جایہِ رژھاگرٕھہِ ناتٕھ تہِ آٔسی یِتہِ مےٚ گریٚک ہیوٚسکون میسر روزِتہٕ یِتہِ مےٚ کانٛہہ وۆ پرٲزی باسہٕ نہٕ۔ ژٕے وُچھتھ نہٕ یہِ بچاٗر کٹیا...... وُچھتھن ناوٕنی؟ ......کاش کہِ بوٚ تہِ آسہٕ ہا بسیار خوار...... یانےٚ گُنہِ کلبس منٛز بہتھ ضیافژ کھٮ۪نہٕ وول...... سوتہٕ گژھہِ ہا سیر......مگر وُچھان چھُکھہٕ بوٚ کیاہ کھٮ۪ٛن چھُس کھٮ۪وان"۔

یہِ ونان ونان کوٚرُنس اِشارٕ کوٚ نجس منٛز لگتھ اُکس ٹی پاٮ۪ے گُن یوٚسہٕ ناصاف

آسنہٕ کٔنی ہأبت کران اُس تہٕ یتھ پیٹھ اڈبڑ یکی بڈ مازنل تہٕ آلوٗ قاش اَکس ٹیپہٕ پلیٹس منز زنتہٕ چھکرأوتھ اُسی۔

''ہے...... میۍ تہٕ گومشر پھے ژےٚ پرژھُن ژےٚ چھُتھا کینٛہہ کھیوٗمُت۔ مےٚ کھیوٗ ورژھ کھنڈ تہٕ وونی چھُمہٕ بیٚیہِ کھینس رغبت تہٕ نہ چھُم بدل کُنہِ چیزُک حاجت مثلن ناشراب چھُس نہٕ بو چواںٕ البتہٕ چھُس کُنہِ کُنہِ وقتہٕ شامپین اوٗ ڈگلاسا چوان باقی چھُس نہٕ بدل کُنہِ شرابس اتھہٕ تہٕ لاگان۔ پوٗزے بوز کھ یہِ اوٗ ڈگلاسہٕ چینہٕ ستی تہٕ چھُم کلس دود کران۔ وُنی کیس منگنووٕ مےٚ یہِ شامپین بدنہٕ چہِ گرمی تہٕ چُستی باپتھ۔ تہٕ کیٛازِ اوٗ ری چھُم نیٛرُن۔ ژٕ چھُکھ ناوُچھان مےٚ کیٛا حالت چھےٚ گأمژ اوےٚ کٔنی اوسُس بہٕ دپان ژٕ گوٚ ژھکھ نہٕ مےٚ وُچھنےٚ۔ ژاٹہٕ شُری سٕندی پأٹھی نأنی ژھپیر گندان۔ کیٛازِ بےٚ پیوم یہِ زِ ژٕ مادِ یھم نہٕ نبرٕ ےنیرنہٕ تہٕ خواہ مخواہ گرٛ ژھہٕ پریشان۔ مگر مےٚ چھُ باسان چند گرکذ تھ وُچھ ٔمی وکھ، ٹھیک چھُ بوہکےٚ ژےٚ اکھ گأنٹہٕ دِتھ۔ وُنی کیس بجے یہِ ٹھیک ساڈ ژور۔ یہٕ ژےٚ باسی بو چھُس زبردست آوٗر۔ بو چھُس دپان کاش کُنہِ ستی آسہٕ ہا آوٗر۔ سُہ آسہٕ ہا تیٛلی یٚیلہِ بو کینٛہہ آسہٕ ہا۔ مثلن زمیندار، اکھ ذمہٕ دار مول، فوجی افسر، فوٹوگرافر یا صحافی، کینٛہہ تہٕ آسہٕ ہا...... مگر افسوس چھُ یہِ زِ بو چھُس نہٕ کہنی...... بو چھُس نہٕ کُنہِ تہٕ رٔنگی کُنہِ ستی آوٗر۔ بو چھُس بےٚ کار تہٕ نابکار شخص اہ۔ تہٕ یہِ بےٚ کأری چھم کُنہِ ساعتہٕ جانہِ منس انان۔ چلوتر اوِیہ...... ژٕ ےبوز ناوتہٕ وونی کاتھہ نوٗ کتھا''۔

''ژٕ کیٛاہ چھُکھ کران تہٕ یور کیٛاہ کرنہِ آکھ تہٕ وَن گوڈٕ؟''

''یا بو کیٛاہ چھُس کران'' بایہِ بو چھُس اکھ شریف انسانا...... دون وٗری ین روٗدُس سوارن ہندِس رسالس اندر مُلاٗزِم۔ پتہٕ گرٛم کیشن دوہن شہرس منز آوارٕ گردی۔ امہِ پتہٕ کوٗرُم مارفایہ ستی نیتھر تہٕ لوٗگُس قصبس منز سکونت کرنہِ۔ بس یہٕ ےچھےٚ میأنی کہأنی''۔

''میانہِ خیالہٕ چھُکھ پوٚختہٕ زاۄری تہِ''

''پوٚختہٕ'' زاۄری ......نہ......نہ......، معمولی قسمُک بانٹھہٕ زاۄری چھُس۔

''اِوکنی چھُکھ اتھ سلسلس منز ہاۄرِتھ بیوٚٹھمُت''۔

''آ......ہاۄرِتھ چھُس بہتھ''۔

''بہتر روز ہے ہارناون واۄلِس ستی کرِہکھ ڈٹِتھ مقابلہٕ یِمہِ ستی انسانہٕ سُند عزت برقرار روزان چھُ۔ امہِ ستی چھےٚ زندگی گرما گرم تہِ دلچسپ تہِ بنان''۔

یوٚ ہکہٕ نہٕ اتھ کتھِ ستی اختلاف کٔرِتھ تہِ کیازِ فلسفہٕ کس معاملس منز چھُس بہٕ ژھوٚرُے تہٕ چھوٚنُے......آ......یِمہٕ کتھہِ ہُنٛد تہِ چھُم اقرار زیور چھُس زنانن ہنٛدِس طلبس منز تہٕ آمُت''۔

حالانکہ ۄُنہِ گٔے نہٕ گرِ واجنہِ دفناۄی ہٕتس جمعہ جمعہ اَٹھ دوہ تہِ۔ یتھ ناکٔی تام وۄنمت چھُ ۄُنہِ چھُس نہٕ کفنس داغ تہِ پیومُت''۔

''تمیُک مطلب؟'' سیوادری گیلافن تژ ووٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ اَسُن ''مےٚ چھُ فکرِ تران زنانن نسبتھ میانٛی کتھ کرنہٕ ستی زن ۄُژھےٚ ژےٚ ریٖہہ۔ اتھ منز کمہِ اترِچ کتھ کرمےٚ؟''۔

''ژٕ چھُکھ دراصل پرژھُن یژھان گوٚنہس منز کوسہٕ بٔڈی چھےٚ مےٚ باسان''۔

''گوناہ؟......آ......ہا......گوٚ ژٕ چھُکھ امہِ آیہٕ سونچان......ہمٛ......یوٚ دِمے اتھ سوالس سلسلہٕ وارتہٕ وضاحتہٕ سان جواب۔ ژےٚ گژھی فکرِ ترٛن زِۄنی کبس چھُس بہٕ کتھہٕ کرِنہٕ کِس موٚڈس منز۔ ویسے تہٕ چھُس بہٕ کتھہٕ کُتاٗلی۔ کتھہٕ کرنہِ چھُم خوش کران......خاص پاٹھی زنانن متعلق......وولہٕ گوڈٕ کروز نانن ہنٛزٕ ے کتھ......ٹھیک!......بہٕ پرژھےژےٚ......بہٕ کتھہٕ تھاون پٔنٕ پان قوبوہس منز۔ کیازِ کرِ پانس پیٹھ ظلم؟ بہٕ چھُس اکھ زنانہٕ موٚت تہٕ زنانن پتہٕ پتہٕ کیازِ پھیرنہٕ متہٕ گٔژھِتھ۔ پننِس شوقس کیازِ چیرٕ

ہوٚٹ؟ کانٛسہ چھُ آسان کوتر رچھنک شوق، کانٛہہ چھُ ڈاک ٹکٹہٕ جمع کران کیازِ شوق چھُس تہٕ مےٚ چھُ تتھے کنۍ زنانن ہُند شوق۔ یتہٕ چھُ اکہِ قسمک کاراہ اکھ آوریراہ"۔

"یہِ چھُ اکھ عاب...... یہِ چھےٚ بدی۔ یمہِ کِس ژھانڈوس منز ژیوروو تٔمہ"۔

"چلوٹھیک گو...... وونی کروبدی پیٹھے کتھ۔ ژ چھکھ یہِ بدی مانس پیٹھ بضد۔ اچھا مون یہِ چھےٚ بدی...... مےٚ چھُ صاف تہٕ براہ راست کتھ پرٛ ژھنۍ خوش کران۔ وَن ژےٚ اتھ بدی اندر چھنا دأیمی بنیاد موجود۔ یہِ چھےٚ دأیمی۔ اَچ بنیاد چھےٚ نہٕ محض خیالأتی بلکہ چھےٚ فطری بنیاداتھ۔ یہِ چھےٚ سو بدی یوسہٕ چأنس خوٗنس بدنچو رگو منٛزی گردش کران چھےٚ تہٕ نارکی پأٹھی چھےٚ بزٕہہ ژھٹان روزان۔ تہٕ سأری ہے بدنس نارٕ ژھٹھ کڈان۔ یُس نار سہل ژھٹہٕ چھُنہٕ گژھان۔ وٕری وادن تہٕ نہٕ یوٗ تام بجرس منز تہٕ چھُ یہِ نار بزٕ بہان روزان۔ لالہٕ پھلہٕ...... ژےٚ پےٚ یی مانُن زِ یہِ بدی چھےٚ اکھ نبرل مشغلاتہٕ بے مثال آوریراہ؟ واہ!"۔

"تہٕ اتھ منز کیاہ چھُ یوٗ تاہ وُسن لایق۔ یہِ چھےٚ دراصل اکھ بمأری یوسہٕ سبٹھاہ خطرناک چھےٚ"۔

"اچھا گو ژ چھُکھ یہِ اکھ بمأری زانان؟ مےٚ چھُ اتفاق زِ یہِ چھےٚ اکھ بمأری تمہٕ تہٕ تہٕ مزٕ کنۍ یُس انتہأیی حدس واتان چھُ۔ مگر اتھ منز چھُ جنابو ضرورانتہا ہس پیوان واتُن کیازِ میأنہٕ رٕوی چھےٚ نہٕ اتھ منز نکھہٕ وسان۔ کأہے اندٕ نہٕ۔ اکھ امہٕ کنۍ زِ میأنہٕ رٕوی ہُند دارومدار چھُ چأنس مزازس تہٕ طبیعتس پیٹھ۔ یہِ چھُ پزٕ بتھ شخص پننہٕ مزازٕ مطأبقے ورتاوان۔ دوٚیم یہِ زِ بو چھُس نہٕ میأنہٕ رٕوی ہُند قأیل کینٛہہ حالانکہ مےٚ چھُنہٕ یتھ منز کانٛہہ شک زِ پزٕ بتھ نفرس پزٕ پننہٕ کامہِ منز بامے سو بدی یی آسی تن میأنہٕ رٕوی اختیار کرٕنی۔ مگر یو کیا کرٕ اگرے مےٚ یہِ مشغلہ تہٕ آسہِ نہٕ بو مارٕ گولی لأیتھ پنُن پان۔ وونی ہرگاہ انسان یزٕ تجہ لچہ تھُھ گرٕتھ روٗ دتیلہِ راوبس زندگیہِ منز دلچسپی۔ بالکل روزبس نہٕ دلچسپی

رٕژھ تہِ - تہٕ ......"

"تہٕ ژٕ ہیٚکھہٕ تیلہِ پٔتھٕ پان گوٗلی لاٚیتھ مارِتھ"۔

"ژٕ ھن ساتھ کتھہِ بلاے۔ سیوادری گیلانٔ ووٗنُس درٕ ہ کھٔسِتھ "ژٕ ھ ساوونی مہربأنی کٔرِتھ یہِ موضوع اٚتی" وونی اوس توہند کتھ کرنُک انداز بالکل بدلِ۔ وونی اوسُس نہٕ تھسکنُک انداز، یکدم نرمیوو۔ تٔہندی بڑو نٔہم جذبات اٚسی نہٕ تٔہندِس بتھِس پیٹھ ٹٔنی۔ "معاف کرسا یاراہ۔ بو چھُسے دراصل بُزدل ۔ مےٚ چھے اکھ کمزوٗری کمر پھٹر اوان ......سُہ گو موت ......مےٚ چھُنہٕ موت لفظ تہٕ زیوِ کڈُن خوش کران ۔ مےٚ چھے موتچ کتھ کرنہٕ تر پھٹان۔ بو چھُسے مانتہٕ ژٕ اکھ۔ کیاہ چھِ ونان ......صوفی"۔

"تہٕ چانہٕ گرواجنہِ ہُند روح چھا ژےٚ نشہِ وُنہِ تہِ یوان؟"۔

"خدایہِ سُند واسطہٕ چھُے توہند ناو موہےٚ۔ خأر یتہِ شہرس اندر آیہٕ نہٕ سو مےٚ نزدیک کینٔہہ۔ خدائے چھُ زانان" بے چینی اندر کوٚرُن نکھہٕ پھیُر "بہتر چھُ اتھ موضوعس پیٹھ کرو ......مگر نہ ......بو چھُس معذرت منگان وونی چھُمنہٕ ٹھہرنس وار۔ ورنہٕ چھُم ونُنہٕ باپتھ واریاہ کینٔہہ"۔

"فرصت چھے نہٕ؟ آوٕر بر کیاہ چھُے۔ کأنسہِ زنانہِ ماچھُے سمکھُن؟"

"بالکل کوٚرُتھ صحی انداز ......یہِ چھُ اتفأقی واقعہ ......خأر بےٚ ادبی معاف۔ یہِ چھُنہٕ سانہِ کتھہِ باتھہِ ہُند موضوع"۔

"مگر ژےٚ چھے نا یژھہِ مکٔرِ حرکٔتہٕ ہُند کہنی تہِ اثر پیوان؟ ژٕ چھُکھنا پانس پیٹھ قوبو ہبکان کٔرِتھ۔ ژےٚ چھے نا تژھہ توژھ؟"

"توژھ! یہِ چھُکھا لالہِ پھلیاِ ژٕ ونان؟ ژےٚ کوٚرتھس بو پننو کتھوٕ ستی حأران۔ ہی ہی ہا ہی ہا۔ حالانکہ مےٚ اوس گوڈے گُمانہٕ ژٕ ونکھ یی۔ خأر روز میانہِ بدکأری تہٕ حسن پرستی خلاف ژٕ تقریر کران ۔ مےٚ کیا۔ مےٚ چھُ تران فکرِ ژٕ چھُکھ شیلر پننہِ فکرو خیالک

مألک۔ژٕ نشہِ چھُ امہِ کُے توقع۔ اگرے ژٕ یژھہٕ کتھہٕ کرکھ نہٕ تیٚلہِ چھے یہ تعجب کتھ۔مگر لالہِ پھلہِ حقیقت چھےٚ بالکل اتھ مخالف۔یہِ چھُ تیٚلی نٲنان یٚلہِ یژھ حالت سرٕنی چھےٚ پیوان۔یہِ چھنا تژٕھے کتھ اکہِ مکانہٕ کین بأژن نسبتھ چھُ اکھ شہِنھا نیٚپرِ نیٚپرِ ءکٹھ کڈی کڈی واریاہ وأہی تبأہی ونان مگر اندرٕ أژِتھ چھس نہٕ دِزتہٕ پھوران۔دراصل چھُ اندرٕ أژِتھ بسکینن ہُند مزاژ گوڈٕ سر کرُن لأزمی۔خأر۔مےٚ گوژھ نتہٕ آیومژ ژٕ چھُکھ سیٹھاہ دلچسپ انسان......""اچھا یہِ وُنم شیلر چھُیہِ پزی ژٕے پسند؟مےٚ چھُ سُہ پزی دِل مُہتھ گومُت"۔

"خدایہِ ءسٕز درٕ ے نہٕ......یوچھُسے نہٕ تیُتھ نفرٕ ے"سیوادری گیلافن وٚونُس اَسان اَسان یوہکہٕ نہٕ وُنی کیس ژٕے ءستی بحث کٔرِتھ مگر مانتہٕ یوچھُس تھیکی نیل پوٚ زامہِ ءستی چھُنہٕ کأنسہِ کانٛہہ آزار واتان اتھ منز کیاناکارٕ گی چھےٚ تیٚلہِ۔مےٚ چھ گرٕ واجنہٕ ءستی ستھ وُری زنتہٕ گٔنٹن منز گذٲری ءمتی تٔمِس اَس نہٕ کانٛہہ شکایت۔ژٕ چھُکھ پزی عقلمندتہٕ سیٹھاہ دلچسپ نفرٕ ژٕ ے ءستی چھُ کتھن منز یوان۔پُشہِ چھُم وُنی کیس شامپینک اثرتہٕ دِماغس پیٹھ تہٕ امہِ مزید لوٚگم اِکہِ واقعہٕ ءستی دِلس زبردست دکہٕ مگر کمہِ ءستی تہٕ وُنے نہٕ وُنی کیس کینٛہہ......ہے......ژٕ کیاہ لوٚگُکھ نیرنہٕ "زنتہٕ نندرِ منز بیدار گژِھتھ پرٕ ژھنس۔

رَاسکولنکاف گوتھوٚ دوٚ ءتھتھ۔سُہ اوس تھوٚ کمُت تہٕ پھُٹمُت باسان۔تس اوس دم گژھان باسان تہٕ پریشان گژِھتھ اوس سونچان اور کیا ژٕ آوُ ے سُہ۔تٔمِس باسیوو سیوادری گیلاف بدمعاش ہُند سرٕ غنہٕ تہٕ کمینہ تہٕ بُزدِل۔

"بہہ......بہہ یِیہِ رژھہِ کھنجہِ"سیوادری گیلافن کوٚرس سخ جستہٕ خأز۔"رٕ کھنی نٔے تہٕ توتہِ چےٚ چاے......اتی نیر......بہہ میانہِ بابہِ بہہ......ووُنی کرنہٕ پانس مُتلق چھ چھ کینٛہہ......ژٕ بہہ یو ونے اکھ مزٕ دار کتھ......یو ونے ژٕ ے اگرے خوش گوژھی بوزُن ژِ یو کتھہٕ رٕ چوس اکہِ زنانہِ بدکأری نشہِ پتھ (چانہِ حسابہٕ نابدی یا بدکأری یتھ ژٕ

ونان چھُکھ )أتھی منز آسہِ چانہِ گوڈنکہِ سوالُک جواب تہٕ تہٕ سوزنانہٕ چھےٚ یہِ خبر کوسہٕ چھےٚ ۔سوگیہِ چاأنی بینہٕ دۄنیہ......وَن بوز کھہٕ ...... ہے وقت تہٕ گُذرِ أتھی ستی ......"

"اچھا بوز ناو مگر وومید چھم زِ تٕژ ......"۔

"ہے ژٕ مو برغم ......مےٚ ہوس کمینہٕ تہٕ بدکار شخصہٕ ہنٛدِس دِلس منز تہٕ چھُ دۄنیایہِ خاطرٕ احترامکۍ جذبہٕ۔"



# (۴)

"ژےٚ آسی شاید بوٚ زمُت ۔ وُچھ سا میٚے ہے ژےٚ وۄنمے ۔ سیوادری گیلافن ہیٚژ کتھ شروع کرٕنی ۔ "مےٚ اوس قرضہٕ تُلتھ اۄنمُت تہٕ ہۄرتھ ہیوٚ کُم نہٕ کیٛنہہ ۔ امہٕ سبہٕ بَرہَنم کونِد ۔ واریاہ بوٚ ڈرقم اوس تہٕ نکھہٕ والنُک اوسُم نہٕ کانٛہہ سادن ۔ ستھ زنم پژٲوِتھ تہٕ ہکہٕ ہانہٕ تیوٚ تاہ رقم نکھہٕ وٲلِتھ ۔ یہٕ کتھ وننُک چھُنہٕ ضرورت شاید زِ بچار گرٕ واجنہٕ یعنی مارفایہٕ کوٚ رُس بوتمہٕ زالہٕ منٛز آزاد ۔ ژےٚ چھُیہٕ پتاہ یِیلہٕ کانٛہہ زنانہٕ کانٛسہٕ محبت کران چھ سوٚ چھےٚ مُتی گژھت سو دِلہٕ لول بران تہٕ زُووَندان چھےٚ ۔ مارفا ٲس ازحد خلوصہٕ واجینٛز تہٕ قاٲبل بورزنانہٕ ۔ ٲس تہٕ اَنپرٛھ مگر مزاز ۔ کنٛہ ٲس خلوصہٕ تہٕ قاٲبلیژ مقابلہٕ واریاہ شکی ۔ رشکہٕ تہٕ رقابتُک عنصر اوسُس غاٲلب یوان ۔ زنتہٕ دُورٕ ٲسس پوان منٛزی ٲسم تیٛتھ سخت لانہٕ تانہٕ کران ۔ خاندرٕ باپتھ یم شرط مےٚ تھاوۍ مُتی ٲسن تمن پتھ روٕز ٲخری دمس تام قاٲیم ۔ سو ٲس مےٚ واریاہ زِتھ ۔ ٲسس ٲسس بدبوے یِوان تہٕ سو دباونہٕ باپتھ ٲس ہمیشہ رونگ یا تیٚتھے کانٛہہ چیز ژاپان روزان ۔ ووٕنی وُچھ بوتہٕ کیٛتھ بےٚ غاٲرت یا صاف گوچھس ژٕ یہٕ کینٛژھا ونکھ، مےٚ نیوٚ سرٕ ٹھ گرِتھ مارفایہٕ ۄنتھ زِ یوٚ ہکہٕ نہٕ تمٕس وفادار روٕزِتھ ۔ میٲنہٕ امہٕ علانہٕ ستۍ ۄژھ سو وۄری وۄری ۔ شرارتہٕ ستۍ دوزلےلیس کنہٕ پھوٚ ۔ تاہم تورمےٚ ستۍ فکرِ زِ میٲنۍ یہٕ صاف گوئی آیہٕ تمٕس پسند کیاز تمہٕ کوٚ ڈامیٛگ سیوٚد نتیجہ زِ یوچھس نہٕ تمٕس دوکھہٕ دیُن یژھان ۔ کیازِ اگرے بوتس دوکھہٕ یژھادیُن تیلہٕ ما کرٕ ہا بواپچ کتھ تہٕ ۔ ژٕ کر اندازٕ ٲکس شکی مزاز تہٕ حسد واجنہٕ زنانہٕ باپتھ کوتاہ اہم مرحلہٕ چھُیہٕ ۔ تمہٕ کوتاہ وۄد...... تمہٕ پتہٕ گٔری تمہٕ یٛیہٕ کیٛنہہ شرط مقرر ۔ مگر زبانٕی زبانٕی ۔ گوڈنیُک

یہٕ زِ مارفاتہٕ ترٛ اون نہٕ بوٚ کینٛہہ تہٕ أخری دمس تام روزٕ بوٚ تو ہنٛد خاندار۔ دوٚیِم یہٕ زِ تہنٛدِ اجازتہٕ بغأر گژھہٕ نہٕ بوٚ کأنٛسہِ نِشہِ، ترٛیِم شرط یہٕ زِ مستقل پأٹھۍ تھاون نہٕ بوٚ کانٛہہ نوکرأنۍ تہِ۔ ژوٚرِیم شرط اوس یہٕ زِ مارفا دیہِ مےٚ منٛزۍ منٛزۍ پننِن نوکرانِن ہِتۍ جسمأنی تعلقات تھاوُنک اجازت ژوٚ رِژوٚ رِنہٕ کینٛہہ بلکہ پزٕ ژھِتھ گرِتھ۔ پٔنٛژیِم یہٕ زِ بوٚ کرٕ نہٕ ہم روٚتہٕ زنہِ ہِتۍ زانٛہہ عشق بأزی۔ شیٚیِم شرط اوس یہٕ زِ اگرے مےٚ خدانخواستہٕ کأنٛسہِ زنہِ ہُنٛد لول گنیووٚسہ رازباوٕ بوٚ مارفایہِ ضرور۔ اتھ أخری شرطس نِسبتھ أس سوزبردست مطمٔن۔ سو أس زبردست چالاک زنانہٕ تمِس اوس پتاہ زِ شوٚہُر چھُ عیاش تہٕ ہوس پرست لہٰذا چھُنہٕ میأنِس فطرتس منٛزٕ ے زِ بوٚ کیا کرٕ کأنٛسہِ زنہِ ہِتۍ حقیقی تہٕ پوشہِ دُن عشق۔ پوٚز اکھ مُشکل اوس اتھ اندر یہٕ زِ ہُشیأری تہٕ حسد چھِ زٕ الگ الگ صفت تہٕ ووٚنۍ ہر گاہ یِم دوٚشوے صفت أکِس زنانہِ اندر یکجا گأژھتۍ آسن۔ نتیجہ چھُے ژےٚ تیٚلہِ خبرٕ ے......بہر حال یٚیلہِ اسہِ کأنٛسہِ مُتلق کانٛہہ شبقہٕ رائے قأیم کرٕنۍ آسہِ یتھ اندر رُورعایت کرنہٕ یِیہِ نہٕ تیٚلہِ چھِ تم تمام قیاس تہٕ اندازٕ یکسوترٛ اوٚنۍ پووان یِم اوٚ تام گری ہِتۍ آسان چھِ۔ پتیم سورُے چھُ مُترٛاوُن پووان تہٕ پرکھأیہ ہُنٛد رُخ چھُنہٕ سہٕ اختیار کرُن آسان یُس عام لکوٚ أمِس نِسبتھ اختیار کوٚرمُت آسہِ۔ امی سببہٕ چھُس واریاہو وجوہاتو کِنۍ دوٚیمِین مقابلہٕ چأنۍ رائے شبقہٕ سمجان۔ ژےٚ ما آسہٕ نے مارفایہ مُتلق واریاہ بےٚ ہوٚدِ تہٕ خنٛدٕ کرنس لایکھ کتھہٕ بوزٕ مژٕ تہٕ مےٚ چھُنہٕ اتھ کتھِ نکار زِ تہنٛدۍ واریاہ عادت أسۍ خنٛدٕ کرنس لایکھ تہٕ بےٚ ملنہٕ تہِ مگر ژےٚ نِشہِ کیا تھاوٕ ژوٚرِ لالہٕ پھلیاےٚ چھِ پانس وأنٛجہِ دَگ ووتھان یٚیلہِ یہٕ خیال گنان چھُم زِ تمِس یِم مصیبت ژٔنۍ پیےٚ زاسترن ہُنٛد گوڈ چھُس بوے۔ میانہِ ذٔسۍ پیوٚ و تس واریاہ مصیبت ژلن (مارفایہٕ مُتلق یِمہٕ میانہِ کتھہٕ چھُ مےٚ باسان گوٚھہِ أکِس لول برن وألِس خاندارٕ ہِنٛدِ جأنہِ پننہِ لولہٕ ہٕتہٕ زُووندن واجنہِ گرٕ واجنہٕ ہِنٛدس شأنس منٛز ''تعریفی خطبہ ماننہٕ یِن) اسہٕ گیہِ واریاہہ پھِر ہر تہٕ مگر یِمن نیاین ترس دِتھ اوٚسس

بولوٚب روزان۔ ژھوپہٕ دم کران تہٕ کیاہ زِ مےٚ اوس توہند وولُن ووندس شہلتھ ترٛاوان۔ مےٚ اُس پننۍ ٹٹھ مران۔ امہٕ ستی اُس میٲنۍ کاٗم نیران سوٚ یہٕ زِ مارفایہٕ اوس میٲنۍ ژھوپہٕ کرٕنۍ خوش کران تہٕ اُس مےٚ پٮ۪ٹھ فدا سپدان۔ سوٚ اُس مےٚ پٮ۪ٹھ فخر کران مگر افسوس چھُ یہٕ زِ چانہٕ بینہٕ دوٗنین منٛزس ییٚن گونہٕ تس برداشت۔ مےٚ توٚ رنہٕ از تام تہٕ فکرِ زِ میٲنۍ ہوس پرستی مولوم اُستھ تہٕ کیاہ زِ ژٹ تمہٕ چاۍنۍ خوبصورت بینہٕ گرس منٛز سبق پرناونہٕ باپتھ۔ تمی سےٚ میٲنۍ اُس خبر تمہٕ کیاہ زِ لاٗے پانے پننین زنگن تیر۔ ووٚنی گوٚ وامیگ ہیکہٕ یہٕ اکھ وجہ اُستھ زِ مارفا اُس پانہٕ حسن پسند تہٕ سوٚ تہٕ اُس چانہٕ بینہٕ ہندی لولن ورفتار گرٛمژ۔ پزر چھے سوٚ اُس تمِس عاشق گاٗمژ۔ ژےٚ ییٚنہٕ یہٕ تعجب باسی۔ اگر اکھ خوشک زاہد تہٕ چانہٕ بینہٕ وُچھِ تمِس تہٕ گژھہِ ساری پرہیزگاری تہٕ تقویٰ شعاری مُشتھے تہٕ دوٗنیا دوٗنیا کرنہٕ لگہِ مےٚ تہٕ ژیوٗن چانہٕ بینہٕ ہندِس بتھس پٮ۪ٹھ اکے نظر پتھ زِ سیوادری گیلا فا کھوٚرتلہٕ ژ جی زمین نیرتھ...... تہٕ ...... تلہٕ ساوٚن مے کیاہ آسہٕ تمہٕ وِزِ سوٚنچمت؟ مےٚ سوٗنچ زِ یہٕ تلہٕ نہٕ ووٚنی اُمِس کُن اُچھی تہٕ تہٕ کلہٕ توٚ مرٲوِتھ آسہٕ پکان۔ ووٚنی ژٕ مانتہٕ یا متہٕ مانتہٕ! اتھ کوٚر ڈسلایہٕ چانِ بینہٕ۔ ژٕ کرکھنہٕ پژھ مگر حقیقت چھے یہے بواوُسُس چانہٕ بینہٕ برٛونٹھہٕ کنہٕ ژھوپہٕ دم گرِتھ بہان تہٕ ییلہٕ مارفا تہٕندی گون پھری پھری کن کڈان اُس بواوُسُس نہٕ توتہٕ تہٕ مازان۔ اتھ پٮ۪ٹھ اُس مارفا زنتہٕ ووران تہٕ وولان۔ تمِس اوس کاڈبن کھسان۔ مےٚ اوس نہٕ فکری تران توہند غرض کیاہ اوس۔ بواوُسُس حیران گژھان زِ سوٚ یژھان کیاہ چھے۔ یہٕ تہٕ گوٚ ژھ سادوٗنیا یہٕ ہندی تعریف کرُن یا اہن بی اہنی کرُن مےٚ چھنہٕ از تام تہٕ امیگ ژوٗک فکرِ توٚ رمت۔ آیہٕ کتھ چھےٚ شقہٕ زِ میٲنۍ ساری عاٗب ڈٲنۍ تمہٕ دوٗنیایہٕ رژھہِ رژھہِ۔ تمِس زن اُس یہٕ بماٗری گرٕچ سرٕ کتھ تہٕ اُس وتہٕ پٮ۪ٹھ ترٛاوان تہٕ میانین عاٗبن اُس تاٗنتھ کھاٗلتھ دوٗنژھ دِوان۔ بماٗری نے اُسس تہٕ اد کیاہ؟ سوٚ اُس نہکہٕ پہکہٕ کنن تہٕ وتہٕ پکوٗنین لوٚکن اتھہ رٹتھ انان تہٕ پننۍ داٗدی کا نگرونان تہٕ پننہٕ اُمِس

نوِ خوبصورت وٲسہِ کتہٕ تھاوِہے وَنہٕ نے؟ تمہٕ ییٚلہِ تہٕ سمکھان آسہٕ فقط آسہٕ میٲنی کتھہٕ کران آسان۔اِدٕ کیا چانہِ ییٚنہِ بٕہ زِ تہٕ سوٗرُے بکواس یہِ مےٚ مُتلق لوٗکھ کران اٚسی۔

ژےٚ تہِ آسیتھ مےٚ چھُ پوٗر یقین مےٚ مُتلق کیا کیا بٕہ زُمت"۔

"آ بٕہ زُمت چھُم۔لُذٕہنٕ وۄنُم ژےٚ چھتھن اکھ نابالغ کوٗر تہِ قتل کٔرمٕژ۔ یہِ چھا پوٗز؟"

"خدایہِ سُنٛدِ خاطرٕ موکرُونی کٔبس یمن بے ہوٗدٕ کتھن ہُنٛد ذکرٕ"سیوادری گیلافن وۄنُس بددل گژھتھ تہٕ نفرتٕچ کہِ اندازٕ" ہرگاہ ژٕ یہِ ؤہیات ذٔلیل بوزنی چھکھ یژھان۔بو ونے بیٚیہِ کُنہِ ساعتہٕ فرستہٕ سان ژےٚ ننی پانے گوٗج کیا چھےٚ اتھ۔مگر وُنی کٔبس نہٕ......"۔

"مےٚ چھُ یتہِ بٕہ زُمت ژےٚ چھتھ اٚکِس ملاٗزمس ہٮ۪تی تہِ بدسلوکی کٔرمٕژ"۔

"بو چھسے خدایہِ سُنٛد سوال دِوان"سیوادری گیلافن وۄنُس نکھ بدلاوِتھ"یہِ ذکر موٗتٕلِے ژٕ"

"یہِ چھُنا سُے مُلاٗزِم یُس مٔرِتھ تہِ ژےٚ اکہِ لٔٹہِ پایٔپ تموک برنہِ آمُت چھےٚ؟ چھتھم ژیےٚ وۄنُمت"راسکولنکاف اوس ذٕ زِتھ ونان۔

سیوادری گیلافن تہٕ اٚورَاسکولنکافس بتھِس نظرٕ تہٕ تھٕزن اٚچھن منٛز آیس انتہائی شرارت تہٕ نفرت لبنہٕ مگر سیوادری گیلافن گٔرضبطس کاٗم ہتھ سبٹھِے نرم بٕھس منٛز کتھ۔

"آ......سُے اوس......مےٚ چھُ تران فکر......ژٕ تہٕ چھُکھ عام لوٗکن ہنٛدی پاٗٹھی یمن خرافاتن سنان۔بو کرٕ چانہِ شوقٕچ قدرتہٕ کڈٕ کتھہِ پھُٹ۔بو چھسے خدایہِ سُنٛد قسم ہاوِتھ ونان"مےٚ چھی عام لوٗکھ پٔنٕنی عاشق گنزران۔مےٚ چھُ امہِ ہٮ۪تی فائیدے واتان سُہ یتھہٕ کٔنی زِ مارفایہِ ہُنٛد چھُس بومرہون منت زِ تمہٕ وۄن دۄنیایہِ مےٚ نسبتھ رژھہِ رژھہِ

تمام دلچسپ افواہن مُتلق یِمہٕ تِمن دوٚہن مےٚ مُتلق پھٔہلیمژٕ آسہٕ۔ یوٚہسکہٕ نہٕ وٕنتھ چانہِ بینہٕ ہٕنٛدِس دِلس پیٹھ کیٛا پیٚو وامیُگ ناکارٕ اثر بلکہ باسیووےٚ فأیدِ زِمیأنیٚ وکھٕرٕ تہٕ منحوس شکل مُشرأوِتھ یوسہٕ تِمس برٛونٛٹھہٕ کنہِ ووتلاونہٕ آمژٕ أس آو چانہِ بینہٕ میون عارتہٕ مےٚ جہنمی یس تہٕ لٔجی رُت کانچھنہِ تہٕ لول برنہِ۔ لول یِیمہِ حسابہٕ زِسوأس یژھان زِ بہٕ گوٚژھُس شیطأنی زالہٕ منٛز نیٖرِتھ ہدایتہٕ چہٕ وتہِ گُن لگُن۔ امہِ ستیٚ اوس تِمس پانس خأطرٕ مُشکل مرحلہٕ بُتھہِ یوان مگر ژےٚ چھےٚ پانس پتہٕ یِیلہِ کانٛہہ زنانہٕ دِلس منٛز کأنٛسہِ ہٕنٛدِ باپتھ کانٛہہ ارادٕ کران چھےٚ سو چھا پتھ برٛونٛٹھ وُچھان۔ تی کوٚر چانہِ بینہٕ تہٕ لٔجی مےٚ سیٚزِ وتہِ پیٹھ لاگنکی خواب وُچھنہِ۔ مےٚ توٚ رسیوٚ دفکرِ یہِ خوبصورت جانور چھُ پأنی پانے زالس لگنہٕ خأطرٕ یِوان۔ تہٕ مےٚ تہِ گرٕ یوٗرٕ پیش قدمی یہِ أسنامیٛانہِ خأطرٕ چأنٛدی ...... مےٚ چھُ باسان ژےٚ ہیوٚت نے شرارت کھسُن۔ ژٕ کتھ پیٹھ چھکھ شرارت کران یوٚ چھُسے پانے یتہِ وناں زِمےٚ پیوٚ و پانٕسے چوٚپنھ کھیوٚن (مےٚ چھُ باسان مےٚ چھُ زیادے چوٗمت۔ ژٕھنُس بلاے) چأنی بینہٕ گرٕ شہ آسنہٕ دوٚیمہِ یا ترٛیمہِ صدی اندر پأدٕ گأمژٕ تہٕ سو آسہِ ہا کأنٛسہِ بادشاہ یا نوابہٕ سٕنٛز یا گورنرٕ سنٛز کوٚر۔ پتہٕ آسہِ ہا سو تِمو خوتو نو منٛزٕ اکھ یِمو دوٚیمِن ہٕنٛدِ باپتھ پانس یزاہ دیُت تہٕ شہادت پرأو تہٕ تِمس آسہ ہن سینس ووٕزلی نارٕ برٕہہ ژھٹِن وأٹلی سیٖخ لاگنہٕ آمتیٚ تہٕ سو کیٛا سونچہِ ہے؟ یی نا۔ یوٚ أسس پانے یِم تکلیف کانچھان۔ ہاں اگرے سو ژوٚرمہِ یا پنٛژمہِ صدی اندر پأدٕ گأمژ آسہِ ہے سو ژلہِ ہے سیوٚدُے مصرٕ کس صحراوس گُن۔ گُلی دِل تہٕ پنہٕ وٕتھر کھبتھ کرِ ہے عبادت تہٕ ریاضت۔ مراقبس منٛز روزِ ہے ذکر کران تہٕ پزٛاوِ ہے بصیرت۔ أتھی عالمس منٛز پیہِ ہے تس پزٕرک سٔدر نظرن تل تہٕ پزٛاوِ ہے تُسند ظُہور۔ دوٚیمِن ہُنٛد دود للوِ ہے پننِس وَچھس منٛزتہٕ أسے تہِ کرِ ہے نہٕ۔ دراصل چھےٚ چأنی بینہٕ اذیت پسند۔ اگرے تِمس پننہٕ یہِ خأہش پوٗرٕ گوٚھے نہٕ۔ سو کھسہٕ ہے کُنہِ تھدِ مینارٕ کس تیٖنتألس پیٹھ تہٕ کرِ ہے ووٚٹھ

اُپتھ خود کشی۔ سو چھےٚ دِلس، جسمس یزا دِتھ تسکین ژھاران ۔ مےٚ گو کستام رَاز وٚ منھن سُند ناو کنن ۔ دپان بڈٕ ہُشیار تہٕ عقلمند لڑکہ چھُ تہٕ ویسے آسہٕ تہٕ کیا زِ تہندِ خاندأنی ناوٕ تلے چھُ تہٕ ننان تہٕ دپان دینیاتک طاألب علم چھُ رُت گو۔ ووٚنی گوٚ وچانہٕ ییٚنہٕ ہُند پزبس یُوپأٹھی خیال کرُن ۔ ووٚنی گوٚ وا کھ کتھ ونےٚ مےٚ ورأے تجی نہٕ سو کأنسہٕ زانٕنیٚ ۔ حالانکہ گوڈنکی ہے ملاقاتس منز چھِ کم کم بُلان اکھ کوٗرُو چھِتھ خاص گرِتھ مےٚ ہیوٚ نفسأنی خاہشن ہُند غلام مگر یہژ اہ خوبصورت تہٕ بےٚ پھرٕ ڈک تہٕ دوٚیمبن زُووَتھراون واجینٕ آسنہٕ باوجود چھےٚ سبٹھاہ پاک دامن خوتون ۔ سو چھےٚ فرشتہٕ ۔ سبٹھاہ تیز فہم تہٕ دوٗراندیش ۔ گوڈٕ چھُس بو دپان سو کیا زِ چھےٚ یہژ اہ خوبصورت تہٕ پتھٕ یہژ اہ سادٕ تہٕ صاف دِل ۔ امی سبہٕ گژھ نہٕ کُنہٕ درنہٕ منز بند گژھنی ۔ چھُیہ پتاہ ۔ اسہٕ اُس تمنٕے دہن اکھ نوٚ نوکرأنی پراشاواوُسس ناو گامہٕ پتھٕ آمژ ۔ ہے تمُس آسہٕ اُچھی تیٚز خوبصورت تہٕ کژہنہٕ زِ دِل اُس نوان ۔ مےٚ اُس نہٕ سو اوٚ تام وُچھمژ ۔ ہے سو اُس ترٕٹھ تہٕ ادسامےٚ کتہٕ رُوزٕ ہا پانس تام تہٕ ووٚنی ییٚلہٕ مےٚ تمُس ستی پنٕن معاملہٕ اُنزروو ہے تمے کژ بکہٕ نادتُل ۔ ہمسایو تام ہُوٗز ۔ تمہٕ حرام زادوالنأو مےٚ کھرٕ یس ۔ تہٕ ووٚنی چھُس ہٕرلد ہیوٚ اکہٕ رأژ آنگنس منز چھہل قدمی کران تہٕ چأنی ییٚنہٕ آیہ مےٚ نِشہٕ ۔ سو اُس زنتہٕ نظر وٚ ستی شعلہ بأری کران ۔ نزدیک تہٕتھ نُج وننہٕ ۔ یِنہٕ ووٚنی پراشا بچأر پریشان کرِہن ۔ ووٚنی دِس بچارِ زند روزنہٕ ۔ یہ اوس چانہٕ ییٚنہٕ تہٕ میون تنہأیی اندر گوڈنیک ملاقات ۔ تو تام اُس نہٕ اسہٕ زنہے تہٕ کتھ گرٕمژ ...... مےٚ پیوٚ وسر تسلیم خم کرُن تہٕ حکم بجا اُنن ۔ تہٕ مےٚ اوٚن کوٗشش گرِتھ اوٚش ووتلأ وِتھ ۔ ہووس زنتہٕ پننہٕ حرکژ پیٹھ زبردست شرمندٕ چھُس حالانکہ سو اُس نہٕ کتھ ۔ خأرےٚ لوگ بڈٕ اصل سانگ ۔ امہٕ پتے گوسون ژوٚ رِژھیپہٕ سمکھن، راز نیاز، جستہٕ خأزی، نصیحژ، دمکیہ تہٕ اکھ اُکیٚ ہندِ باپتھ اوٚش ہارنک سلسلہٕ شروع ۔ مےٚ تو رفکرِ واریاہن کورپن چھُ دوٚیمبن اصلاح کرنک پوٗ تاہ جذبہٕ آسان زِ ییٚلہٕ تمن باسان چھُ نفر

چھُنہٕ بازِیوان تیٚلہِ چھےٚ اوٗش ہارِتھ دِل کملاونچ کوٗشش کران۔ مگر پوٚت چھے نہٕ ہیوان، ہمت چھنہٕ ہاران۔ میٖتہٕ کرِتھ تمس یہِ احساس دِنچ کوٗشش زنتہٕ یہٕ وتہٕ ڈوٗلمت ووٗنی ہدایتہٕ باپتھ کانٛسہِ رہبرٕ ہنٛدِس تلاشس منٛزٕ چھُس۔ اِد کیٛا مےٚ کوٚرُسے طریقہٕ یُس گانٛٹہٕ ہنٛدِ آکہِ منٛزٕ ٹھوٗل وألِتھ انہِ سُہ گو خوشامد کرنُک طریقہٕ۔ نتہٕ تژ ایوس یہٕ تمہِ یکدم یہِ وٗنتھ زِ ''چانیٖن اچھن منٛز اکھ خوفناک چمک وُچھِتھ چھُم وحشت پیوان''۔ اتھ کیٛا کرٕ ہا یوسہ وُچھِتھ آسہٕ مےٚ اچھی زیادے زوتان۔ تمس گےٚ یہِ میانی گنٛزتہٕ ژچانٛن مےٚ ستی تعلقاتے۔ اکس زنانہٕ ہنٛدِس دِلس منٛز وٕستھ سوپننہِ موچھہِ منٛز کرنُک بہترین تہٕ دنیاہُک مشہورترین ذریعہ۔ چھُیہِ؟ یاد گژھہِ تھاوُن ہرگاہ خوشامد اپزٕ ے میزٕ ے آسہِ توتہِ چھُ خوش کران تہٕ میوٹھ باسان تہٕ پزٕ بتھ کانٛہہ چھُ وانٛجہٕ ہنٛد بوکنو بوزان۔ اگرے خوشامد کرن وول پننہِ فنک ماہر آسہِ تیٚلہِ سُہ چھُ ابتداء پیٹھہٕ اخرس تام پزٕ زیور باسان۔ تہٕ امہِ حربہٕ ستی ہکون گنہٕ تہٕ طبقہٕ تہٕ گنہٕ تہِ شعبچ پوٚختہٕ زنانہٕ تہِ۔ یوٚ تام زِیمہٕ دُنیا ترٛاوِتھ دٕ ے روٗژمت آسہِ سوتہِ ہکہِ ن خوش گفی ستی ناوِ وألِتھ۔ مےٚ چھےٚ اکہِ لٹہِ اکھ پاکباز خوتون تہٕ ورغلأ وٕمٕژ۔ پننِس خاندارٕسنٛز وفادارتہٕ شرٛبن زُووندن واجینٛز یہِ زنانہٕ اُس نہٕ واوس تہٕ کاوس تہِ پانس نکھہٕ پننہٕ دِوان تہٕ تنہِ مُشرتھ کانٛسہِ پنُن وچھ آیتن تھاونُک اوس نہٕ سوالے۔ سو اُس اخلأقی اصولن تہٕ مذہبی بُندشن ہنٛز پابند مگر...... مےٚ یٚیلہِ ووٗنی سُہ واقعہ یاد پیوان چھُ مےٚ چھُ اُسن یِوان۔ مےٚ کھأج تمی ہنٛد بن گونن تانٛتھ تہٕ پان کوٚرم دون پونٛسن ہنٛدِ کھوتہٕ تہِ بترپیش۔ تمس ژٕ نہٕ میانی یہِ جانٛتھر فکرٕ تہٕ تیوٗاہ کُملے یہِ سوزِیان کوٚرُن مےٚ حوالہٕ۔ مارفایہِ بچارِتہِ اُس یہِ کمزوری سوتہِ اُس معمولی خوشامد کرنہٕ ستی پرٕ گژھان۔ اگرے مےٚ یوٚ ژھمُت آسہِ ہے مےٚ آسہِ ہے توہنٛد جائیداد پننہِ ناوِ کوٚرمُت (عفو...... بوچھس ووٗنی زیادٕ بکواس کران۔ شاید چھُم زیادِ چوٚمُت) شاید گوھی نہٕ ژٕےیہِ بوزُن مُشکل کینٛہہ زِ چانہٕ پننہٕ ہنٛز حالت تہِ چھےٚ

ترٛاوِتھ ہے۔ مگر سو چھُس بوٗ تہٕنٛد بوٗ کونو موکھہٕ (یِنہٕ ژٔےٚ شرارتھ کھسی) شیرِ لاگنی یژھان۔ بوٗ چھُس پنُن سوٗرُے جایداد تہٕنٛدِ ناوِ کرُن یژھان یُتھ چاٲنی تہٕ چانہِ ماجہِ ہنٛز زندگی تہٕ بال بچہِ لاٲرِ گژھتھ ہیکہِ۔ تِمس چھُنا پوٗنسے ضرورتھ یِمہِ سببہٕ سو گرن منٛز نوکرأ زی کران چھےٚ۔ چھا کنہٕ نہ؟ یہ وَنان لوٗے تِمۍ کُنے دۄگ میزس تہٕ بتھ اوٗسُس نارِ بژٕ ہہ ژھٹان۔

رَاسکولنٕ کا فن لگوو اندازٕ زِ میزس پیٹھ موجود اوٗ ڈ شامپین گلاسہٕ یُس سیوادری گیلافن کتھہٕ کرنس دوران بےٚ خبری ہنٛدِس حالتس منٛز چیتھ نیوولوٗگ پنُن اثر ہاونہِ۔ تہٕ امہِ موقعُک فائدٕ تُلتھ اوہنٛد اوٗ ندر زانہٕ کنی دِژٕنس زہر۔ ''ژٔےٚ چھےٚ نہٕ وُنہِ تہٕ دِل صاف تہٕ پنٕنٛز شیطأنی ارادٕ چھُکھ عملہِ منٛز انُن یژھان۔ چانہِ زیٚوِ درأے تتھی کینہہ جُملہٕ یِموٕ ستی صاف چھُ نَنان زِ دۄنیایہِ نسبتھ پنُن شیطأنی منصوبہٕ چھتھ نہٕ وُنہِ تہٕ ترک کوٚرُمت۔''

سیوادری گیلافن وۄنُس عقلہِ بقل گژھتھ۔ ''تےٚ مےٚ وۄنا تیتھ کینہہ؟'' ہے فِلپا تلسا آبہٕ بوتل اَن'' تِمۍ لاٲے ویٹرس کژٕکھ ''دراصل چھُ شراب وُنہِ والان یہِ زأنِتھ تہٕ چوٚومےٚ ہنا زیادے۔ لعنت اتھ شرابس'' یہِ وَنان وَنان دِژٕن شراب بوتل دارِ کنی نبر بِرتھ تہٕ ہپأری ژٕ اوفلپ کمرس منٛز آبہٕ بوتل ہتھ۔

أدرِ تولیہٕ ستی ڈیکس آبہٕ دجہٕ گرِتھ وۄتھ سُہ رَاسکولنٕ کافس گُن۔ ژٔےٚ چھےٚ غلط فہمی۔ سو کرے بوٗ دۄر یہِ شیٚچھ وُٲنتھ زِ مےٚ چھُ ووٚنی جلدٕ ے خاندر کرُن۔ اخیٚتے کرناوتھ تس مسولہِ ستی ژٕ تہٕ ملاقات۔ ژٕ تہٕ وُچھکھ میٲنی چوٲئس کیا چھ۔ مگر پأرِ ووت وکھ یور، گرِگُن وُچھِتھ وۄنُس ''اوٗ ہو...... ووٚنی رۄٗ دی دہے منٹ...... مےٚ چھُ ضروری نیرُن۔ میٲنی نشٲنی کتہِ تہٕ کتھہٕ سپز تہٕ ونے آینٛدٕ گنہِ لٹہِ۔ ہے ژٕ کیا ہیوٚ تنکھ نیرُن۔ اچھا أکِس رژھہِ بہہ بیٚہہِ۔ بوٗ ونے ژھوٚڈٕ پاٹھی میٲنی مکانہٕ مأل کینہٕ چھنارا سلیچ۔ تِمۍ ژھأر میٲنہِ باپتھ یہِ کورِہن۔ یوسہٕ مأل ہنٛدِ مرنہٕ تہٕ ماجہِ ہنٛدِ مفلس آسنہٕ کنی مےٚ ستی نیتھر کرنس تیار گیہِ۔ تِمہٕ سونٛچ نہٕ زیٚو چھُس پنٛژاہ وُہرِ تہٕ سو چھےٚ شُراہ تہٕ کم۔ گوڈٕ پتہٕ گُس

چھُ وأنُس وُچھان۔ بیٚیہِ ییٚلہِ مرد خاندأنی، دولت مند، مشہور تہٕ بارسوخ آسہٕ۔ تتھہٕ کُنہِ زن مےٚ تس پنُن تعارف دیُت...... یتہٕ ونےیہِ راسلیچ تہٕ چھنہٕ سیٚد بو پدبو۔ تس چھُ پتاہ مےٚ نیرِ نہٕ تمِس ستیٚ زیادٕ وکھ خاندرس۔ بو تڑ اون تہٕ سو بہناوبس چکلس۔ سو سوزناوبس امیرن تہٕ وُزیرن ہندِ بن خواب گاہن منز۔ خأراز چھُ أسی اکھأ کی ہندی ژکی در۔ مےٚ چھےٚ دراصل تمُی ہے سمکھہِ نہٕ گرژھن۔ کیاہ ونے لچھہِ دأ رہش چھےٚ۔ یتیتس کالس أسی یکہِ وٹہٕ آسان چھ بو چھُسن تیتیس کالس پننہِ کو چھہِ منز رٹان۔ نالہٕ مُتی تہٕ موئنہِ تہٕ میٹھی چھُسس کران۔ أرن ہندی پأٹھی سخت چھاتین چھُسس پھش پھش دِوان۔ سو تہِ چھےٚ میانہِ ہشہِ دراصل سمجھاوٕ منز زِ دون بأژن ہندی معاملات کیاچھہِ آسان۔ مےٚ چھےٚ ہش دراصل زبردست چالاک۔ سو چھےٚ اُمِس میانہِ بنن واجنہِ خاندارنہِ ہیچھناوان روزان دون بأژن گرژھہِ اکھأ کی سُند محبت اُسن۔ نشانہِ پتہٕ دوٚیمہِ دوٚہی دِتی مےٚ تمِس پندٕ ہن ساسن روپین ہندی گفٹ۔ چھےٚیہِ پتہٕ بیٚیہِ دوٚہی ییٚلہِ یوتس سمکھہِ نہٕ گوس تو ہنٛد مول موج دراو کوٚت تام اسہٕ تڑ اُتھ تہٕ گوڈنچہِ لٹہِ کوٚر مےٚ تمہِ اورے نالہٕ موٚت تہٕ میوٚٹھ کوٚرنم تیتیس کالس زِیو ہکےنہٕ ژےٚ وُنی تھے۔ پانس ستیٚ چیرٕ رٹتھ وڈنم مےٚ چھِنہٕ چأنی گفٹ ضرورت۔ کُس مزٕ آم۔ مےٚ پیوٚ وسہٕ رقص گاہ یاد یُس مےٚ یوریٖنہٕ کینن دوہن منز بد کوٚڈ۔ بو اوسُس المن کھوتمت یتھےٚ مےٚ تتہِ......

''کین''، رقص وُچھ مےٚ پیٚیہِ شہلتھ۔ ییٚلہِ اکھ تڑ واہ وُرش کوٚر اتھ رقصس اندر پنٕنی مہارت ہاوان أس۔ ہے کم ول ہاوتھ اُس سوو ولساوان۔ اِدسامےٚ کتہٕ روزِ ہا تاب بو گوس یکدم تس لول برنس تیار مگر تمِس اوس امی رقصک ماہر مرد سنگتس تہٕ تہنز موج اُس دیوارس ستیٚ تھاونہٕ آمژ کُرسیہِ پٹھ بہتھ۔ سو کور اُس منٛد چھان تہٕ ہیژون ''کین......

کین''، رقص کرنہٕ نشہٕ شاید لوٚب ہیوٚن مگر ساٹھی مردن أنی لُمتھ پانس کُن تہٕ کرناوٕن دِل مُورتھ رقص۔ سہٕ تہٕ اوس زبردست ماہر۔ ہو کوٚر اُس وداں مگر تماشہِ بین اُسی

اسان۔ مےٚ کوٚر ییتھ طریقہٕ زِیہ کوٗرتہٕ اَہنز ماَج نیم پننہِ بگہٕ منز تہٕ تزٲوم گریتہٕ تم کرلیہٕ اُسی۔ تمن تورمےٚ فکرِ بوٚ چھس بوٚڈریس۔ مگرُونہٕ چھُ معاملہٕ دوستی ہنڈی ہے حد سپٹھ ٹکتھ۔ ونکھ اگرے بوٚ نمتھ ژتہٕ تورُکنہِ پھِر۔ بوٚ ٹہٕ ببر ہش چھےٚ"۔

"ہے بکواس کر بند...... کولہٕ ہونہٕ، کمینہٕ، زِنایہٕ، جنسی بیمارٕ۔ ژےٚ کھیتھ مے کن ییم فحش قصہٕ وٚنی وٚنی۔ وٚ ژھیہٕ لعنت۔ ییم چھی ژےٚ مبارک۔ مےٚ چھنہٕ ییمن اندر کانٛہہ دلچسپی۔ تو ریہٕ فکرِ""تو رُم فکر...... ژٕ چھُکھ شیلر...... دُنیا ہُک سورُے رٕژر چھےٚ ژےٚ سپنس اندر بُرتھ...... کر...... کوٗتاہ شور کرکھ۔ مےٚ چھُ امہٕ ستی تہٕ لطف یوان"۔

"یوان آسی کولہٕ نفسکہٕ غولامہٕ۔ کولہٕ لُنڈٕ لفنگہٕ۔ ژےٚ میوٗلےٚ نادراصل موقعہٕ پننہٕ افراسیابی دآیراوِنک۔ ژٕ چھُکھ شیطانن آوٗرمُت تہٕ راوٗ رمُت۔ وُنی کبس تہٕ چھےٚ سےٚ سوار"۔

"چانہِ امہٕ شرارتہٕ تہٕ ییمو کتھو ستی چھُ مےٚ سیوٚدفکرِ تران ژٕ چھُکھ کلبی۔ ژےٚ کتہٕ آسی پتاہ کلبی کس چھِ ونان۔ کلبی گوٚ وسہٕ زوٚن تیٚمس دُنیا ہس تہٕ دُنی ہکبن عاشقن ہنٛز دِ یے چھےٚ آسان۔ دراصل چھےٚ ژےٚ ماحول تیُتھے۔ لہٰذا چھنہٕ چون کلبی آسُن کانٛہہ تہٕ تعجب...... خاٗر...... وُنی کنبس واتناووبہٕ ملاقات ییتی اند۔ واریاہ کینٛہہ چھُ وُنی کرُن وُنہِ باقی۔ تہٕ گوٚ ویٚیہ کُنہِ ساعتہٕ۔ ییٚہ سمکھو"۔

سیوادری گیلاف دراوٕ ونان ونان ریستورانہٕ منزٕ نیبر۔ رَاسکولنکاف تہٕ دراوتس پتے۔ سیوادری گیلافس اوس نہٕ ووٚنی نشُک اثر۔ ووٚنی اوس تس نشہٕ رٕژھہِ پتہٕ رٕژھہِ ووٚتھمُت۔ سہٕ اوس کتھ تام اہم مسلس سنیومُت تہٕ بےٚ قرٲری ہش گیس پاٗدٕ۔ باسان اوس تس چھےٚ کوستام منہٕ کامن۔ اَخری کینژون منٹن منزٕ بدلووٕتھ یکدم رَاسکولنکافس ستی پنُن سلوکھ۔ ووٚنی اوس اسہٕ وُنہِ ہونجہِ باسان۔ یہ کوٚرٕ رَاسکولنکافن تہٕ محسوس تہٕ تِمس تہٕ لگی کیاہتام پھِھرٕتی ہی...... تیٚمس گییو کیاہتام شک ییٚو ادری گیلافس عببجھ تہٕ

کوٚرُن فأصلہٕ تِمس زاگہِ روزٕ نٕک۔

دوٗشوے وأتی سڑکہِ پیٹھ۔

''ژٕ نیرٕ ڈٕچھِنہٕ کنہٕ تہٕ بوٚ نیرٕ کھوٚرِ کنہٕ۔ووٚنی ہرگاہ ژٕ ےکھوٚرِ کنہٕ نیرن چھےٚ بوٚ نیرٕ تیلہِ ڈٕچھِنہٕ کنہٕ۔لہٰذا آیندٕ مُلا قاتس تام خدا حافظ تہٕ بائی بائی تہٕ سُہ دراو ڈٕچھِنہٕ گُھرچہ بازرس کُن۔



# (۵)

رَاسکولنِکاف دراو ژٔمِس پتہٕ پتہٕ۔

''ہیئے ......یہِ کیاہ؟ سیوادری گیلافن وۄنُس پۆت پھیرِتھ ''مےٚ وِنیومے ژٕےٚ......''

رَاسکولنِکافن وۄنُس نہٕ کہنی۔

''ژٕ کیا چھُکھ یہِ کران'' سیوادری گیلافن وۄنُس خشمہٕ ہۆت۔

''ژٕےٚ چھےٚ نا فکرِ تران'' رَاسکولنِکافن وۄنُس ''وضاحتہٕ سان'' ''بو دِمے نہٕ اُچھوتلہٕ دۄرنہٕ''۔

''کیا چھُکھ ونان؟''

دۄشوے گٔے بمہِ چاٗرتھ اکھا کس مدِ مقابل اِستادِ یتھ زِ اکھا کس ہٕندِ طاقتُک اندازٕ اٗسی لگاوان۔ ''ژٕےٚ یمہِ کتھہٕ نشہٕ کس حالتس منز ونتھ تمو، کٔنی چھُ مےٚ باسان ژٕ چھُکھ پننین شیطاٗنی منصوبن پیٹھ وُنہِ تہِ عمل کرُن یژھان۔ مےٚ بوٗزٕ از صبحٕ جنس چھُ میانہِ بینہِ اکھ خط وۄتمُت۔ ژٕ نہ چھُکھ پانہٕ سو کھہٕ سان رۄزِتھ ہیکان تہٕ نہ چھُکھ بیٚیس سو کھہٕ سان بہنہٕ دِوان۔ ژٕ چھُکھ بدستور کھونچلگی کران روزان۔ ممکن چھُ ژٕےٚ ما آسی کانٛہہ وتہِ پکوٗنی خاندار یٚنٛی بنیمٕ مگر چانہٕ وننہٕ ستی ماند بو چھُس یژھان پانہٕ امہِ کتھہِ ہنٛز صداقت کھرٕ کرُن''۔

حالانکہ رَاسکولنِکافس اوس نہٕ پانس تہِ پتاہ زِ سہ کیاہ چھُ یژھان تہٕ کوسہ کتھ چھُ کھرٕ کرٕنی یژھان۔

"ہے جواناہ ...... خدایہٕ ہشز درٕ ے اننے بو پلسہٕ بلُاوتھ" سیوودری گیلافن وۄنُس۔

"ادانن"

پیٚہ کُرٕ کھ اکھ اَکِس تالہِ پیٹھہٕ کھورن تام نظراہ۔ سیوادری گیلافس بدلیوو یکدم بُتھٕنگ حالہٕ۔ بیٚلہِ لٚس فکر تورٕ زِ تہنزن دبارٕ بن ہُنٛد پیوٚ ونہٕ راسکولنکافس پیٹھ کانٛہہ اثرٕ ، ٲمۍ کوٚر دوستانہٕ طریقہٕ اختیار۔ وۄنی اوس بشاش باسان۔

"ہیویاراہ ژٕ تہِ ہسا چھکھ عجیب! بو چھُس نہٕ چانٛہن ذٲتی معاملاتن منٛز عمداً دخل دِیُن یژھان مگر ژٕ چھُکھ ہس دِوان۔ بو ہسا اَنے اوول وانگن کڈِتھ تیوٚت چھُس اتھ اندر ماہر۔ خٲر بوزوٗنی کیٚبس چھُ مےٚ گوڑٕ ڈیرس پیٹھ گژھُن۔ تتہِ تُلہِ کینٛہہ پۄنسہٕ ٹونکہٕ ہستی۔ کمرس تھاوٕ کُلف۔ سڑکہِ پیٹھ رٹہٕ اکھ بگی تہٕ نیرٕ گُنہِ جزیرس کُن شام گذارٕ نتی۔ یہِ چھےٚ میون پروگرام۔ وۄنی ہرگاہ ژٕ یژھکھ ژٕ ہیکِکھ مےٚ ہستی ہیتھ"۔

"بو ییمہٕ چانٛس ڈیرس تام مگر چانٛس ڈیرس پیٹھ اژٕنہٕ کینٛہہ۔ دراصل چھُ مےٚ سونیایہٕ نِشہِ گژھُن۔ بو ماہیوٚ کُس کٹیر ینایہٕ ہنٛدِس جنازس اندر شرکتھ کُرتھ وۄنی کرس تعزیت تہٕ ونس کیاہ زِ ہیوٚ کُس نہٕ ہیتھ"۔

"خٲر چانٛی مرضی۔ مگر سونیا چھےٚ نہٕ گرٕ۔ سو گیہٕ اَکِس بارسوخ خوتونہٕ سمکھنہٕ۔ تژٕ بشوے شُرٕی تہٕ چھِس ہستی۔ سو خوتون چھےٚ اکھ یتیم خانہٕ چلاوان۔ مےٚ دیُت تِمس پننہِ ذٲتی خرچہِ تہٕ یتیم خانہٕ باپتھ تہِ خرچہ۔ ژےٚ چھُیا پتاہ پۄنسہٕ چھُ کم کم کارنامہٕ سرانجام دِوان۔ سو خوتون گیہٕ خوش تہٕ مےٚ وۄن سونیایہِ گژھ وٗنی کیٚبس تل موقہٕ فٲیدٕ تِمس اَس مےٚ اَہنز ساٲرٕی ڈلیل وٗنی ہیٚو۔ تِمس تہِ آوتر ہسے تہٕ تو ےَ کنی بلاوٕن از سونیا ہوٹل بیٚتہٕ نا سو عارضی پاٲٹھی روزان چھےٚ۔

"کینٛہہ چھنہٕ بو یِیے تو تہٕ توٚ تام ژےٚ ہستی"۔

''مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ اعتراض یتہٕ۔ ووٚنی گوٚ وسونیایہِ ہُند اژے نہٕ بوٚ کینٛہہ......
وولہِ ساواٗتی اٗسی منٛز پُلس پیٹھ۔ گوڈٕ پزٕ ژھے بوٚ ژےٚ کتھا تمہِ دوہہ اوسکھ ژٕ سونیایہِ ستی
پننہِ کمہِ تام پریشاٗنی ہنٛز کتھ کران...... کیاہ ذلیل...... ژٕ کیاہ زِ ژھکھ یُتاہ پریشان تہٕ یتاہ
ووش تژ اوان......ژےٚ چھےٚ دراصل تمہِ حاڈثُک بارزیرِ کران''۔
''ژےٚ کیاہ بوٗزتھ؟'' رَاسکولنکافن پزٕ ژُھس رس کینٛسرِ گژھتھ۔
''مےٚ بوٗزنہٕ کہنٛہ''
''اپُز چھُکھ ونان!''
وُچھ سا مےٚ بوٗز کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ضرور مگر مےٚ چھُنہٕ تتھ پھیٚر دِنک حاجت مگر اکھ
کتھ ونے ژٕ گژھ پُلسس بزٕ ونٛتھ کُن تہٕ ونُکھ ہے بوٚ اوسُس سکون قلب ژھاران تہٕ
اٗتھی منٛز گوم اتھہٕ شراٗکس بجہِ پھاٹوم کلہٕ کھاسر نتہٕ چھےٚ میون مشورٕ ژل ییتہٕ، گژھ
امریکہ گژھ۔ بوٚ چھُسے وژھہِ واٗنجہِ ونان اگرے سفر خرچہ چھےٚ نہٕ بوٚ دِمے ......غم مو
برکینٛہہ''۔
''بوٚ چھُس نہٕ یہِ سونچان'' رَاسکولنکافن ووٗنُس ڈیکس درٕہ کھاٗلتھ۔
''اِدٕ سا شرارت موکر۔ ژٕ چھُکھنہٕ اتھ پیٹھ کتھ یژھان کرٕنی تہٕ موکرمےٚ چھُ پتاہ
ژےٚ چھی اخلاٗقی مساٗیل پریشان کران۔ انسان تہٕ شہری ہٕندی فراٗئض۔ چھا کنہٕ نہٕ؟
ہے تژ اویہِ سوٗرے تہٕ سونچ پٔتُن خاٗر۔ چون احساس چھُ ہاوِتھ دِوان ژٕ چھُکھ وُنہِ تہِ اکھ
انسان تہٕ اکھ ذی حس شہری۔ گوڈٕ پزی نہٕ ژےٚ سوکاٗمہِ کرٕنی یوسہٕ کرنچ ژےٚ توژھ
اٗسے نہٕ۔
ژےٚ پزٕہی پانس سیوٚدے گوٗلی لایٔنی مگر ژٕ کرکھنہٕ تتہِ؟''
''ژٕ چھُکھ دراصل مےٚ تیش دِتھ یژھان بوٚ گوٚ ژھ سے ژےٚ تھپھ ٹُلن''۔
''عجیب انسان چھُکھ ژٕ......خاٗروتُکھ......ہہٕ گوسونیایہِ ہُند کمرٕ...... وُچھ

دروازٕ چھُ پھِرتھ......مےٚ وینوے ناژنے سوچھنہٕ گرأ کیاہ چھےٚ کاژرۍ ہٕنز گرٕ واجینٕ یوٗرۍ پکان۔ پڑژھ أمۍ ہے۔سو چھےٚ کمرٕچ گنز یمنٕے اتھہٕ تھوان......ٹھہر بو پڑژھس ...... ہے میڈم...... آداب......یہِ چھےٚ دراصل گوٚب بوزان...... ہے میڈم...... یپأرۍ ......یہِ سونیا چھائتی“......”نہ......نہ......سو چھےٚ اوٚرۍ ہٕژ تہٕ شامنس ییہِ واپس“ ......”توٚ ریہِ فکرٕ؟......وولہٕ پکھ میائنس کمرس منٛز اژو......ژیتہٕ اوسے امیُک تمنا ...... جان گوٚ وراسلیح تہِ چھنہٕ ییتہٕ کہنی۔ویسے چھےٚ سبٹھاہ رٕژ خوتون۔پان آوٗرتھاونہٕ سبہٕ چھےٚ تمہٕ کامہِ تہِ کران یمہٕ نہٕ کرنٕچ مجبوری چھےٚ آسان۔یہِ چھےٚ لعل......رٹھ سایہِ چھُ میون کمرٕ ......مُژ راوو تیلہِ درواز......آ......وُچھ سایہِ گومیز تہٕ یہِ کھولون ڈرار......یہِ کڈن بو اکھ پانژہتین بواونڈ ہٕستی نہٕ باپتھ......وُچھ مےٚ کأتیاہ بواونڈ چھ...... دپھ گنٛژھ؟یہِ بواونڈ گوازنگاوتھ نین......وولہٕ ساوونی نیرو......وونی گوٚ وتھاوُن ڈرارس تہِ قُلف......ٹھیک؟ پکھ وونی نیرو......دروازس گوواپس قُلف تھاوُن......آ......گو بند ...... پکھ ساوس بون بزانڈس پیٹھ پیار......أتی کرو بگی چھنا ٹھیک؟ پکھ وونی ژٕ تہٕ؟ گرٕھوزوس کُن۔امہِ ہٕستی چھےٚ فراحت ہش میلان......بگہٕ منٛز سفر کرنس دوران ییہِ لُطف۔أکیاہ آیہِ بگی......ٹھیک چھا...... پکھس بگہِ...... ہے ژٕ ہے دراکھ......کیا سا رووُے سأرتہِ ہسا گرٕھہِ کرُن......کُس مزٕ ییہِ......وُچھ رٕدٕ اوٚبرُ کیا چھُ الوند باسان ...... وولہٕ بہہ یتھ چھُ بگہِ ییکیاہ چھت وُٹھ......یہِ مُژ راوون پتہٕ ییہِ رہٕ دس منٛز زیادے لُطف“۔

سیوادری گیلاف بیوٚٹھ بگہِ اندرتہٕ رٲسکولنکافن کوٚ رفأصلہٕ واپس نیرنک تہٕ أنٛدرۍ ـکنٛز اوس سونچان زِ توہند شک گوبےٚ بنیاد ثأبت......کینٛہہ وننہٕ کرنہٕ ورأے پھیوٚرسہٕ واپس تہٕ دراوکھرچہ بازارس کُن۔تمۍ اگرے پوٚت نظر دِژہ مو آسہِ ہے سہٕ وُچھہِ ہے زِ مساہتھ قدم پکی تھے ووٚتھ سیوادری گیلاف بگہ پیٹھ بون تہٕ بگی تژأوتھ

لوٗگ پانہٕ پٔژِ پیٹھی پٔتھری پکنہِ۔ رَاسکولنکاف اوس چونکہ موڈٕ ژٕتھ کھرچہ بازارس کُن درامُت لہٰذا ہیکہِ ہے نہٕ تس کہنی تہٕ اتھہِ یتھ۔ تِمس گیہِ سیوادری گیلافی نکھہٕ تہٕ اوس اُمِس نشہِ دوٗر سیٹھاہ دوٗر ژٕلُن یژھان۔

''عفومےٚ اُس وومید یہ کرِمےٚ مدد کولل ہوس پرست، مکار، کمینہٕ۔ یہٕ اُس فقط میانی حماقت'' یہ ژوٗل تس زیوٚ زورٕ نیرِتھ۔ سونچان اوس یہ بد بخت اگرے دوٗ نیایہِ ستی تعلقات بڈاوِہے تس راوِہے بچار سورُے سوکھ۔

امہِ پتہٕ قریب قدم وُہمرٕ پکِتھ گوسہ بِیہ کتھ تام ازاُنی خیالس منز ڈُبتھ۔ کٔڈلس پیٹھ وأتِتھ لوٗگ سُہ دوشوے کھونہٕ وَٹ جنگلس دِتھ آبس کُن وُچھنہِ۔

دوٗنیاُس تس نکھے اِستادٕ روٗزِتھ وُچھان۔ یِیمہِ ساعتہٕ سُہ کٔڈلس کُن یوگ دوٗنیاتہٕ اُس تتی مگر کتھ تام خیالس اندر ڈُبتھ آسنہٕ سببہٕ لوٗگ نہٕ رَاسکولنکافس امیگ پتاہ تہٕ۔ سُہ دراو نتہٕ تِمس ڈٕپی تو کژھہ تٔلی۔ دونیاہن اوس نہٕ بوے زنہے تہٕ بازرٕ منزی یژھہِ بے خیالی اندر پکان وُچھمُت۔ سو گیہِ تژٕ بن تہٕ تژٕوِہن۔ نکھہٕ تلے روٗزِس اُتی اِستادٕ تہٕ غوطن گژھِتھ اُس سونچان آلو کرسا کِنہٕ نہٕ۔ اُتھی منز بِیہ تِمس کھرچہ بازرٕ منزی باثبرٕ باثبرٕ پکن وأٔلس سیوادری گیلافس کُن نظر۔

سُہ کھوٚت نہٕ کٔڈلس پیٹھ بلکہِ روٗ دلوٚب کُن روٗزِتھ یِیمن دوشونی کُن وُچھان۔ کوٗشش اوس کران رَاسکولنکاف گوٚژھنہٕ تس وُچھن۔ مگر دوٗنیایہِ کُن وُچھِتھ اوس تِمس اُچھوتہٕ کھوروٗ ہاوان رَاسکولنکافس موکر کہنی۔ دوٗنیایہِ توٚر فکرٕ سیوادری گیلاف چھُ یژھان زِ سو گژھہ بأیس اُتھی بے خبری ہِندِس حالتس منز تژٕ اُوِتھ تس نشہِ واتی۔

دوٗنیایہ تہٕ کوٚریی تہٕ ہیٚنس بأیس کژھہِ تٔلی نیرِتھ وأتژ سو سیوادری گیلافس نشہِ۔
''ژٕ پکھ جل جل'' سیوادری گیلافن ووٚنُس ''یہ گژھہِ نہٕ اسہِ وُچھن۔ اُمِس گوٚھہِ نہٕ سانہٕ ملاقاتک پتاہ لگُن۔ اُسی اُسی دوشوے یتہِ نکھے اَکِس ریستورانس اندر بیٹھتھ۔

أمِس چھُ میانہِ چٹھِ ہُنٛد پتاہ لوٚ گمُت ۔ ژٕ تُل قدم تیز تیز ۔ مےٚ ٹلنأو بمشکل أمِس نِشہِ تھپھ ۔ میانہِ چٹھِ ہُنٛد آسبتھ ژٕ یےٚ أمِس وٕنمُت ۔ نتہٕ کُس ونہِ ہس؟"۔

"چلو شکر چھُ ۔ أسی وأتی موڑس نِشہِ ۔ ژٕ ٹھ ژٕ ٹھ موڑ یپأری ......آ...... ووٕنی ہیکہِ نہٕ سُہ اسہِ وُچھِتھ ......آ...... دوٚ نیایہِ ژٕ ٹ تُہنٛز کتھ تہٕ وٕننس "بوٚ ہیکہٕ نہٕ یِیمہِ یور ژٕ ےٚ ستی پکِتھ ۔ ژٕ ےٚ یہِ کینژھا وُنن چھےٚ تہِ ون ییتی ۔ سو کوس کتھ چھےٚ یوس نہٕ ژٕ سڑکہِ پٹھ وٕنِتھ ہیککھ"۔

یہِ چھےٚ کتھے رِژٕ ہے زِسڑکہِ پٹھ ہیکہٕ نہٕ وٕنِتھ ۔ سو نیایہِ ہنٛز کتھ چھم ژٕ ےٚ ستی کرٕنی تہٕ بیٚیہِ چھُم چأنس بأے سُنٛد اکھ راز مولوم سُہ تہِ ونے ۔ پکھ کھوژان کیازِ چھکھ؟ بوٚ چھُس نہٕ کمینہٕ!"

"مےٚ چھُ مولوم ژٕ چھُکھنہٕ اصل انسان بلکہِ ژٕ چھکھنہٕ انسانے ۔ مگر تہِ گرِتھ تہِ چھس نہٕ ژٕ ےٚ کھوژان ۔ ہاو وَتھ کپأری چھُ پکُن" تمہِ وٕنُس سبٹھے بےٚ خوفی تہٕ اطمینانہٕ سان" ۔ مگر تِھس پھیرٕس ضرور لیٚد رٕژھٹھ ۔

دو نیاد رایہِ أمِس ستی بےٚ پھروٚک پأٹھی مگر أنٛدری کنٛی أس شش و پنجس اندر ۔ تہٕ یِیلہٕ سیوادری گیلافن پنٛنس خواب گاہس کُن وَتھ ہأوِس یُس دون کُٹھین منٛز باگ اوس یم کرایہِ باپتھ یلے أسی دوٚ نیایہِ گوٚ و دِل بوٚ ڈِتھ تہٕ سوٚ نچُن "یٚیتہِ اگرے کانٛہہ قتل کرنہٕ ییہِ کانٛسہِ لگہِ نہٕ کنوکن خبر ۔ مگر أمِس أس نہٕ أندرِمہِ خوفک باس دِوان ۔

"رٕٹھ یہِ گوٚ ےٚ ژٕ ےٚ پنٛن خط واپس" خط میزس پٹھ تھاوان وٕنُس تمہِ "ژٕ ےٚ یہِ کینژھا اتھ خطس منٛز لیوٚ کھمُت چھُتھ سُہ بکواس چھُ مےٚ گوڈے بوٚ زمُت ۔ ژٕ چھُکھ ونان میون بوے چھُ مجرم تہٕ دعویٰ چھکھ کران ژٕ دکھہٕ سُہ ثابت گرِتھ ۔ بوٚ ونے فقط ییتے زِیہِ چھُ بکواس تہٕ سوٚ دٕلیل ییتھ نہٕ کانٛہہ اندشانٛد چھُ ۔ یہِ چھُ بہتان ۔ نفرت وو تلاون دول تہٕ حسد کرنس لایکھ شک بٚیہِ نہٕ کینٛہہ ۔ مےٚ چھےٚ سأرے دٕلیل بوٚ زموتہٕ اتھ کیا وجہ

چھُ تتہٕ چھُم مولوم۔ پتھ رٕوٗ دُکھ ژٕ۔ ژٕ چھُکھنہٕ ہرگز تہٕ مےٚ نِشہٕ قابلِ بوزانسان"۔

دٕونیایہ نیٚوٗیہ سوٗرے اُکی ہے شہس منٛز تیز وٗنتھ تہٕ یہ ونان ونان پھیوٗرُس بُتھس رنگ۔ "تیلہٕ کیاز آیکھ مےٚ نِشہٕ یہ زانتھ تہٕ بوہکےٚ ژےٚ آزارز واتناوِتھ"۔

"مےٚ موکر پریشان۔ ژٕ ون جل ژےٚ کیاہ چھےٚ وَنُن"۔

"ہے اتھ منٛز چھُنہٕ شک ژٕ چھکھ بہودُر مگر کوٚچ چھکھ۔ مےٚ اوس خیال ژٕ انہٕ ہن پٔنُن ہمدرد رازوٚ منہن پانس ستی تہٕ تھاوِہن اندی پکی پننہٕ حفاظتہٕ باپتھ مگر مےٚ ژٕ رُژ ساری سے توہند چھُنہٕ کُنہٕ نیب نشانہٕ تہٕ۔ امہٕ ستی چھےٚ چانی دلیری ننان پتھ رٕوٗد چون بوے لیس پتھ ژٕ زوفدا کران چھکھ تسنٛز حالت وٗچھتھ ژےٚ کدلہٕ پٔٹھ پانے۔ کرتہٕ ووٚنی انداز؟"

"اچھا تہنٛز یہے حالت چھا چانہِ یمہٕ دعوِک ثبوت زِ سُہ چھُ مجرم؟"

"نہ......نہ...... بلکہ سُہ بیان یُس تمۍ سونیایہ وٗن لگاتار دوٚن شامن سمکھتھ۔ یُس مےٚ کن دِتھ بوٗز۔ تمۍ کوٗر پانہٕ تس نِشہٕ اقرار زِ تمۍ کٔر چیز رہنس پٔٹھ رٹن واجینٛو پٔڈتہٕ تہنٛز بینہٕ لِنز واتامکہٕ ستی ہلاک۔ چون بوے اوس بجہِ ہنٛز دولتھ پژاونی یژھان۔ مگر لارے لیس گژتام روہلیہ تہٕ کینٛہہ چیز۔ سونیایہ تہٕ وٗژھ یہ بوٗزِتھ تتھےٚ کُنی تھرٕ تہٕ تھٕ کُنی وٗنی کنبس ژےٚ وٗژھے۔ ہاں ژٕ تھاو پژھ سونیا وننہٕ یہ راز کانٛسہٕ تہٕ"۔

"یہ چھُ سراسر اپُز" دٕونیایہ گےٚ وٗتھ تام خوشک "سُہ کیاز کرِ ہے تہٕ؟

"بجہِ ہنٛز دولتھ پژاونہٕ کہٕ غرضہٕ۔ بیٚیہ کیاز؟"۔

"مگر یہ چھُنہٕ وٗتھمٕتی تورِ زِ سُہ کیا دِیہ سن، کانٛسہٕ کیا لوٗٹہِ" دٕونیا اُس کژبکہٕ دِوان۔ "دٕونیا گیہ یاشاگرِتھ کرسیہ پٔٹھہٕ تھوٗد وٗتھتھ "سُہ کریا یژھ ذٔلیل کام۔ سُہ ہیکہٕ نہٕ یہ سوٗنچتھ تہٕ۔ ژےٚ چھیا سُہ ژوٗر باسان، لٹیر باسان"۔

"میڈم......زندگیہِ منٛز چھ ساسہٕ بٔڈی تہٕ لچھہِ بٔڈی اتفاق تہٕ امکان آسان

کینہہ تہِ کرُنک۔ پزی اگرے اکھ ژوٗر کرِتہٕ کأنسہِ باسہِ نہٕ تعجب مگر مےٚ بوز یہِ قصہٕ أکِس معزز نفرس مُتلق سُہ تہِ تہٕنزی زیٚو۔ یتھہٕ کٔنی ژےٚ یہِ بوزُن مشکل گوٚےمےٚ وۄنمے ناتتھے کٔنی گوٚ وسونیایہِ تہِ یہِ بوٗزِتھ زنتہٕ شٔہے بند مگر چھیکرس پیوس یقین کرُن۔ ییٚلہِ تٔمی سأرِی تفصیل وٕنِس زِ کیٛاز کوٚرن قتل۔ کوتاہ نیون ژورتہٕ کتہِ تھوُون أکِس پلس تل دبأوِتھ۔

''مگر دٕلیل کیٛا گیہِ تٔمِس۔ کیٛازِ کوٚرُن یہِ جرم''۔

یہِ چھےٚ سبٹھاہ زیٹھ داستان۔ گوڈٕ کتھہٕ کٔنی سمجھاوتھ بوٗژ اکہِ قسمُک یہِ نظریہ سُہ ...... یہِ زِ ...... مےٚ چھُ کانٛہہ نیک تہٕ بوٚڈ مقصد امہِ خأطرٕ چھُس لوکُٹ جرم کرُن جأیز مانان۔ یعنی ہرگاہ برأیی آسہِ اکھ تہٕ اتھ اندر آسن ساسہٕ بڑٕ نیکیہ زیرِ مقصد تیٚلہِ چھُنہٕ گاٹٕھ سودا باسان۔ اگرے أمِس بچأرِس تژہ ساس روپئی آسہٕ ہن تیٚلہِ کیٛا پروا اوس أمِس۔ یہِ لگہِ ہأکُنہِ بال بچھہِ تہٕ مصیبتس منٛز پییٚہِ ہےنہٕ۔ تس چأنِس بأیِس تہِ چھُ پئن اکھ تصور اکھ نظریہ۔ سُہ دپان دُنیاہ گژھہِ یُن دوٚن درٕبن اندر تقسیم کرنہٕ اکھا علیٰ تہٕ بیٛاکھ ادنیٰ۔ اعلیٰ گٔے قونونہٕ ہیوٚرلۆکھ تہٕ ادنیٰ گٔے یمن خأطر تم قونون وضع کرن۔ پننہِ جایہِ چھُ یہِ نظریہ تہِ درست تہٕ اصل۔ چأنِس بأیِس چھُ دراصل نیپولیئن زبردست اثر بلکہ روز زیادٕ بہتر یتھہٕ پأٹھی وُنِن زِ سہ چھُ سونچان یم لۆکھ تھدِ درجکی آسن تم ہکن پرٛأنی قونون بدلأوِتھ پننہِ ذہانتہٕ ستی تم کیٛازِ کھوژن کانٛہہ غلط کأم کرنہٕ یم یہِ کینژھا یژھن تہِ ہکن کٔرِتھ تہٕ قونونن ہُنٛد روخ کرن پننہِ گوٚیمہِ ستی تم تأریخ سازماننہٕ ین۔ پننہِ حسابہٕ کٔر چأنی بأے اعلیٰ کأم مگر پرٛأنی قأعدٕ تہٕ قونون ہیوٚک نہٕ بدلأوِتھ۔ یمہِ کِنی سُہ زبردست روحأنی اذیتس منٛز مبتلا گو۔ امہِ ستی گنیوو تٔمِس احساس زِ سُہ چھُنہٕ روح عصر۔ سُہ چھُنہٕ اعلیٰ پایک ذہین۔ یہِ احساس ہیکہِ کأنسہِ تہِ خوددار تہٕ خودپسند شخصہٕ سٕندِ باپتھ بأعث ذلت أستھ'' ''مگر ضمیر؟ تٔہنٛدِس ضمیرس کیٛا گو؟ سُہ چھا یتھ بدخوٗ تہٕ بداخلاق۔

سُہ چھا یُتھ ؤسی پایہِ؟"۔

"میڈم......ازکل چھُ درس ملکس اندر عجیب انتشار پھہلیو وُمت ۔ چون بوے تہٕ چھُ تمہِ کُے شکار۔ سُہ گوذیہنی انتشار۔ ویسے چھُنہٕ تمُس گوڈ پٹھ ذہن ٹھیک پأٹھی کأم کران اوسُمت ۔ سُہ چھُ رؤسی ادبن تہٕ نظریا تومتأثر کورُمت ۔ ویسے چھی رؤسی باشندن ہندی خیالات وسیع آسان تہند مُلکِکی پأٹھی ۔ یِم حأرت انگیز حدس تام بناوٹی چھِ یِمن نہٕ کانٛہہ بنیادٕ ے آسان چھی تہٕ یِم وسرویِلایہِ لدخیالات آسان چھِ ۔ بدقسمتی کیاہیٛکہِ امہِ کھوتہٕ زیادٕ اُستھ زِ وسیع خیالات اُستھ تہِ چھُنہٕ تمن فطری قأبلیت کھنی ۔ رژھ تہٕ نہٕ ۔ دراصل چھُ تتہٕ پڑ بتھ شخص کُنہِ پڑانہِ کتابہِ یا کُنہِ پڑانہِ ماخذٕ نشہِ کانٛہہ اصول پانس بابتھ اخذ کران ۔ اکثر چھِ یِم تعلیم یافتہٕ مگر پڑانہِ پرُٛہندی لُکھ آسان یِم تتھی اصول فقط پننہِ مفادٕ خأطرٕ اخذ کران چھِ ۔ سماجس اندر چھےٚ نہٕ تمن انسانن تہٕ تہند بن اصولن کانٛہہ وقت آسان ۔ دؤیمین لفظن منز ونو یِم لؤکھ چھِ ذلیل تہٕ بۄنمہِ درجکی آسان ۔ بوچھُس نہٕ بیٚیس کانٛسہِ الزام دِوان ۔ بوچھُس پانہٕ تہِ تتھے ۔ ژےٚ چھےٚ مولوم مےٚ چھےٚ دولتھ تہٕ ستی چھم کاہلت تہٕ یِیمہِ کِنی بوٕ کہنیٛ کأم وأم کرانے چھُس نہٕ ۔ بو کیٛا کھالہٕ بیٚیس خطا ۔ اسہِ تہٕ رؤسی ین چھُ یِی گومُت ناون راوٕ رکھ نأنی ہے"۔

مگر مےٚ چھُ رَاسکولنکا فن نظریہ مولوم ۔ تمیٛ یُس مضمون قونونہٕ نشہِ بالاتر بڈ بن لؤکن نسبتھ لیوٛ کھمُت چھُ تہٕ یِمن پڑ بتھ کٛنیگ اجازت چھُ، سُہ پۄرمےٚ ۔ رَازو منہعن دِیُتنم کنہٕ تام اُنتھ ۔

"دلچسپ مضمون آسہِ......؟"

"ہنہ......آ......ژٕ کوٚت درا یکھ؟"

"بو سمکھہِ سونیا یہٕ" تمہِ وؤنُس نحیف آوازِ منز "تہندِ کمرٕ چ وَتھ کیاٚ ژٕ چھِ ۔ خبر آہو ما آسہِ" مےٚ چھُ ژتس......"

تمہِ ہیوٚک نہٕ جملہٕ پوٗرٕ پاٹھی ادا کٔرِتھ کیٚاز ِشاہ پوٗشس نہٕ۔

''سو ییٚہِ نہٕ ییٚمہِ شبہٕ۔تیٚلہِ گژھہ سو آمرٕ آسٕنۍ''۔

''ژٕ کوتاہ اپز یور چھُکھ......چاۍنی اکھا اکھ کتھ چھا اپز یُگ اکھ اکھ پہاڑ۔اوے چھُنہٕ مےٚ چاۍنین کتھن پٹھ اعتبار''۔تمہِ وٕنُس شرارتہٕ ہرٕ۔سو ہرٕ اۍنی وٕسی پیٚنۍ۔سیوادری گیلافن اۍنی یکدم کُرسی تہٕ تمہِ دیُت تتھی پٹھ پان بٔرِتھ۔

''کیٚاذٕ لیل میڈم......ہمتھ مو ہار......رٹھ تریشہِ داماہ چےٚ''۔

تمۍ چھوٚک دوٗنیایہِ بُتھس آبہٕ پھُک تہٕ سو پھیر ہوشہِ۔

''دوہےٚ بچار دلےٚ گوٚس امہِ صدمہٕ سٟتۍ بوٚ ڈٟتھ''سیوادری گیلافن وٕن پانس سٟتۍ۔

ژٕ موکھےٚ ترٛاس......میڈم......چون بوے چھُنہٕ کُنےٚ زوٗن......ژٕ تھاو بوٚ روسہٕ تمِس چھہ واریاہ یاردوست ییٚم تمِس بچاوِن......اگرے ژٕ ونکھ بوٚ تہِ ہکبن بچرٕاۍ وِتھ......بنیو ووٗنی بوٚ ڈمو ہنیوٚ کولل لٔاو جوٲنی چھس......گٔری تن عاش ووٗنی......ترٛاوُن......ژٕ وَن ووٗنی چھکھہٕ ٹھیک؟

''ہے بدمعاشا......ژٕ چھُکھ زرکہ دِوان......ترٛاو جاے......مےٚ دیو نیرنہٕ''۔

''مگر گژھکھ کوٗت؟''

''روڈی یَس نشہِ......مگر یہِ درواز کیٚازِ چھُ بند۔ژےٚ کیٚازِ چھُتھ یتھ قلف تھووُمت۔ژےٚ کرکوٗ رُتھ یتھ قُلف تہٕ کیٚاز؟''

مےٚ دوٗپ ییٚمہِ کتھہِ چھےٚ نہٕ سرعام کرنہٕ یِوان۔معاملہٕ چھُ نوٗزُک۔واوس تہٕ کاوس گژھہِ نہٕ اِچ خبرٕ لگنۍ۔معمولی کھور کھٔرٕ او گژھنہٕ سٟتۍ ہیکہِ بٲزی ترٛٔتھ۔بوٚ چھُسے مذاق مُنزی امہِ سببہٕ کران زِ امہِ سنجید معاملہٕ کُنۍ گو بیوم دِل۔نتہٕ کیٚاز ِکرٕ مذاق!خٲر ژٕ ہبلکھنہٕ تِتھس حالتس منٛز نیرتھ۔ژٕ چھکھا یژھان اتھ سرس گژھہِ فاش سپدُن۔اگرے ژٕ تمِس بچارس جارس اتھہ سۄ کرِ پان فوٗلوس حوالہٕ تہٕ گنز کھ باٰیس نشہِ۔تمِس چھ

جوسوس پتے نظر گذر تھاونہٕ باپتھ۔ ژٕ کر صبر۔ سُہ چھُ پننہٕ جایہ ٹھیک پکان۔ اسہٕ چھُ زٕلتھ میلتھ سوچُن سُہ۔ کتھہٕ روزِ محفوظ۔ توے أنی مکھ ژٕ یور۔ سُہ چھُ بچاوُن بچور!"۔

"مگر ژٕ کتھہٕ کنی ہکہن سُہ بچأوِتھ؟ تژھ سبیل چھا کانہہ" دونیا ہٹھ بیٚیہٕ تہٕ سیوادری گیلاف بیوٚٹھ لتس نکھے تہٕ وۄننس "چون بوے ہیکہِ بچاونہٕ تتھ...... مگر یلہٕ ژٕ یژھکھ...... یہٕ چھُ فقط ژے تام" تِمی وۄنُس......لتس آسہٕ أچھی بیٚیہٕ عجیب آیہِ زوتان تہٕ جذباتن ہنزِ گرٕکہِ منز اوس نہٕ صاف پأٹھی زیوٚ لفظہ تہٕ کڈِتھ ہکان۔

دۄنیایہِ گوزنتہٕ پھرٕ بٹھ "سوژٕج سُہ أتی تژ أوِتھ لوٚب کُن۔ سُہ تہٕ اوس پننہٕ ؤتھرِکی پأٹھی زنتہٕ ہرٕ دواوٕ ژھٹہِ ستی الان تہٕ ونان۔

"بس اکھ کتھ...... چأنی اکھ کتھ ہیکہِ تِمس بچأوِتھ...... بوٚ بچاون...... یاں گوٚو مےٚ دولتھ چھنہٕ...... اثر ورسوخ چھنہٕ...... بوٚ سوزن سُہ ملکہ نیبر کُن بیٚس ملکس اندر۔ بوٚ کرٕ تہندِ باپتھ پاسپورٹ حأصل۔ بلکہٕ ژٕ پاسپورٹ اکھ تہندِ باپتھ تہٕ بیٚا کہ پننہٕ باپتھ۔ اگرے ونکھ ژے تہٕ چانہِ ماجہِ ہندِ باپتھ تہٕ ہیکہٕ پاسپورٹ بناونأوِتھ۔ ہے دونیا میڈم۔ بوٚ کرٕ ناوتھ عأش۔ سُہ رازٕ ونہن کیا دِپی ژے۔ بوٚ چھسے ژے تہندِ کھوتہٕ زیادٕ لول بران۔ چانہِ خوشی خأطرٕ کرٕ بوٚ کانہہ تہٕ کأم۔ گانٹہٕ ہندِ آکہِ منزٕ لنہٕ ٹھوٚل وأتلتھ۔ بوٚے زانہٕ چأنی قدر۔ ژٕ کوسہٕ آفت چھکھ تلے بوٚ کرٕ ہا چأنس فراقہٕ دامنس مونی اکھ۔ مےٚ ہے چھُ چانہن پلون دِنن لگنہٕ چہِ کھکرٕ لیہِ ستی حال ہوشے راوان۔ ہتے وۄند میے زوٚ۔ بوٚ ہے چھس چون موٚت۔ ژٕ ونی حکم کیا چھُ تہٕ بجا اُنن گومیأنی کأم۔ مےٚ متے وۄچھتہٕ یتھہٕ پأٹھی دولہٕ۔ چانہِ دولہٕ وۄچھنہٕ ہے چھم وأنجہِ تیر یوان۔ أچھر والن ہندِ بو نیزوٕ ستی ہے چھم قتل کران"۔

"سُہ اوس وۄرشوٚرونان۔ تِمس ڈجہِ زنتہٕ ٹنگہٕ۔ بالکل زنتہٕ پاگل گوٚ" دۄنیہِ وۄژھہ یکدم پھرٕ تہٕ گموٚژرِ ہندی پأٹھی تھوٚد تہٕ وأژ دروازس کُن۔

تمہِ ہیوٚک نہٕ جملہٕ پوٗرٕ پأٹھی ادا کٔرِتھ کیاز شاہ پوٗشُس نہٕ۔

"سوٗ یہِ نہٕ تیمہِ شبہٕ۔ تیلہِ گڑھ سوٗ آمُت آسُن"۔

"ژ کوتاہ اپز یور چھکھ...... چانٮ۪ اکھ اکھ کتھ چھ اپز ٹیک اکھ اکھ پہاڑ۔ اوے چھُنہٕ مےٚ چانٮ۪ن کتھن پیٹھ اعتبار"۔ تمہِ ووٚنُس شرارتہٕ ہٮ۪تھ۔ سو ہیٚژٲنی وٕسی پیٚنٛز۔ سیوادری گیلافن أنی یکدم کُرسی تہٕ تمہِ دیُت تھٔمی پیٹھ پان بٔرِتھ۔

"کیاڈ یلیل میڈم...... ہمتھ موہار...... رٹھ ترٚیشہِ داماچ"۔

تمی چھوٚک دوٗنیا یہِ بتھس آبہٕ پھُک تہٕ سو پھیرٕ ہوشہِ۔

"ووٚ ہے بچارٕ دلے گوس امہِ صدمہٕ ستی بوٚڈِتھ" سیوادری گیلافن ووٚن پانس ستی۔

ژ موکھےٚ ترٲس...... میڈم...... چون بوے چھُنہٕ گٔنے زٲن...... ژ تھاو بوٚروسہٕ تمِس چھ واریاہ یار دوست یم تمِس بچاون...... اگرے ژ ونکھ بوٗ تہٕ ہٮ۪کن بٔچرٲوِتھ...... بنیو وونی بوٚ ڈموہنیوٚ کولل لاو جوانی چھس...... گٔری تن عائش ووٚنی ترٲوٗن...... ژوَن ووٚنی چھکھہٕ ٹھیک؟

"ہے بدمعاشا...... ژ چھکھ زرکہ دِوان...... ترٲو جاے...... مےٚ دیونیرنہٕ"۔

"مگر گڑھکھ کوٚت؟"

"روڈی یس نشہِ...... مگر یہِ درواز کیاز چھُ بند۔ ژے کیاز چھتھ۔ تھ قُلف تھوومُت۔ ژے کرکوٚ رُتھ۔ تھ قُلف تہٕ کیاز؟"

مےٚ دوٚپ یمہِ کتھہٕ چھےٚ نہٕ سرِعام کرنہٕ یوان۔ معاملہٕ چھُ نوزُک۔ واوس تہٕ کاوس گڑھہِ نہٕ اتھ خبر لگٕنی۔ معمولی کھور کھرٕ او گڑھنہٕ ستی ہیکہِ بأزی ترِتھ۔ یو چھسے مذاق منزی امہِ سبہٕ کران زِامہِ سنجید معاملہٕ کٔنی گو بیوم دِل۔ نتہٕ کیاز کرِ مذاق! خأر ژ ہیکھنہٕ یتھس حالتس منز نیرِتھ۔ ژ چھکھا یژھان اتھ سرس گڑھہِ فاش سپدُن۔ اگرے ژ تمِس بچارس حأرس انکھ سہٕ کریان قونونس حوالہٕ تہٕ گٔنز کھ بأیس نشہِ۔ تمِس چھ

جوسوس پیٚتہٕ نظر گذر تھاوُنہٕ باپتھ۔ ژٕ کر صبر۔ سُہ چھُ پننہٕ جایہ ٹھیک پکان۔ اسہٕ چھُ ژٕلتھ میلتھ سوچُن سُہ کتھہٕ روزِ محفوظ۔ توے ٲنی مکھ ژٕ یور۔ سُہ چھُ بچاوُن بچور!"۔

"مگر ژٕ کتھہٕ کنی ہیکہن سُہ بچاوِتھ؟ تژھ سبیل چھا کانہہ" دونیا ہیٚژھ بیٚیہ تہٕ سیوادری گیلاف بیوٗٹھ لتس نکھے تہٕ ووٗننس "چون بوے ہیکہِ بچاوُنہٕ یتھ...... مگر یلہٕ ژٕ یژھکھ...... یہ چھُ فقط ژےٚ تام" تٕمۍ ووٗنس...... لتس آسہٕ ٲچھ بیٚیہٕ عجیب آیہٕ زوتان تہٕ جذباتن ہٕنزِ گرٕ کہِ منزٕ اوس نہٕ صاف پٲٹھی زیوٚ لفظہٕ کڈِتھ ہیکان۔

دوٗنیایہِ گو زنتہٕ پھرٕ بٕٹھ "سو ژٕج سُہ ٲتی تژٲوِتھ لوٗب کُن۔ سُہ تہٕ اوس پننہٕ ڈٕھرِ کی پٲٹھی زنتہٕ ہردِ واوٕ ژھٹہِ ستی الان تہٕ ونان۔

"بس اکھ کتھ...... چانی اکھ کتھ ہیکہِ تٕمس بچاوِتھ...... بہٕ بچاوُن...... یاں گوٚو مےٚ دولتھ چھنہٕ...... اثر ورسوخ چھنہٕ...... بہٕ سوزن سُہ ملکہٕ نیبر کُن بیٚیس ملکس اندر۔ بہٕ کرٕ تہٕندِ باپتھ پاسپورٹ حاصل۔ بلکہٕ ژٕ پاسپورٹ اکھ تٕہندِ باپتھ تہٕ بیا کہ پننہٕ باپتھ۔ اگرے ونکھ ژےٚ تہٕ چانہِ ماجہِ ہٕندِ باپتھ تہٕ ہیکہٕ پاسپورٹ بناوناوِتھ۔ ہے دونیا میڈم۔ بہٕ کرٕ ناوِتھ عاشِ۔ سُہ رازٕ ونہن کیا دِپی ژےٚ۔ بہٕ چھسے ژےٚ تٕہندِ کھوتہٕ زیادٕ لول بران۔ چانہِ خوشی خاطرٕ کرٕ بہٕ کانہہ تہٕ کاٗم۔ گانٹہٕ ہٕندِ آکہِ منزٕ انہٕ ٹھوٚل وٲلتھ۔ بوٚے زانہٕ چانی قدر۔ ژٕ کوسہٕ آفت چھکھ تلے بہٕ کرٕ ہا چانٕس فراقہٕ دامنس موٗنی اکھ۔ مےٚ ہے چھُ چانہن پلون دِنن لگنہٕ چہٕ کھکرٕ لیہٕ ستی حال ہوشہٕ راوان۔ ہتے ووٗندمیے زوٗ۔ بہٕ ہے چھُس چون موٗت۔ ژٕ ونی حکم کیا چھُ تہٕ بجا اُنن گومیانی کاٗم۔ مےٚ متے وُچھتہٕ یتھہٕ پٲٹھی دولہٕ۔ چانہٕ دولہٕ وُچھنہٕ ہے چھم وانجہٕ تیریوان۔ ٲچھر والن ہٕندبو نیزوٕ ستی ہے چھہم قتل کران"۔

"سُہ اوس ووٕ رشوٕ رونان۔ تٕمس ڈجہِ زنتہٕ ٹنگہٕ۔ بالکل زنتہٕ پاگل گوٚ" دوٗنیہِ ڈٕژھ یکدم پھرٕ ستی گموٗژرہٕندی پٲٹھی تھوٚدتہٕ وٲژ دروازس کُن۔

''سونٛج درواز س زورٕ زورٕ ٹھک کرنہٕ...... ہے یہ برمُشراٲوی تو کانٛہہ......
ہے برمُشرائ وی تو...... ہے کانٛہہ چھونا بوزان مےٚ بُچراٲوی تو''۔

سیوادری گیلافٕ وۄتھ ہوشہٕ پتھ تھوٚد۔ تٔمس اُس وُٹھن تھتھراے ووتھان یمن پٹھ تٔھندِ شرارتہٕ تہٕ شیطانٔی اسن ترٛایہٕ ہندی آثار پڑیٛدان اُسی۔

''ہے ژٔے کُس بوزی ییتہٕ...... ییتہٕ چھُنہٕ وُنی کٲنٛسہِ کینٛہہ زِ تہٕ...... مکانہٕ مالِکینٛ تہِ چھنہٕ ییتہٕ۔ چہارمہ اسمان دِتہٕ کٔرِ بکہٕ۔ تمہٕ ستی نیری نہٕ تھکنہٕ ورأے بیٚیہٕ کینٛہہ تہٕ۔ بہہ مےٚ نِشہِ آرامہٕ سان''۔

''مےٚ دی کُنز قُلفچ...... کُنز کتہِ تھاوتھ...... ذلیلہٕ...... کمینہ......کولہٕ بدمعاشہٕ......درواز مُشراوجل جل''۔

''کُنزٕ ے ہے راو...... ژھانٛڈیم مگر اَتھی آیم نہٕ''۔

''ژٕ چھُکھا میانہٕ لونٛچہٕ لُن یژھان...... ہونیا''، تٔمس دِژٕن بُتھِس لیٛدرِ کھاربٕرِتھ...... سو رٔوزا کِس کوٚنس کُن...... اَکِس لوکٹس میزس پتھ کُن پٔنُن بچاو کرنہٕ باپتھ تیار۔ ووٚنی اُس نہٕ ستھ تہٕ بتھ کران بلکہ اُس شکارس شانکہٕ۔

سیوادری گیلاف تہِ رٔود کمرِ کِس بیٚیس اندس پٹھ اٲی ہے کُن بُتھ کٔرِتھ اطمینانہٕ تہٕ سکونہٕ سان اِستادٕ۔ تٔم گری پٔنٕنی جذبات قوبوہس مَنٛز بظاہر اوس تی باسان مگر بُتھ اوسُس زردیومُت اماپوٚز وُٹھن پٹھ اَسس طنزیہ اسن ترٛاے زنتہٕ روٚنتہٕ گاشہٕ باسان۔

''کیٛا ووٚنُتھ وُنی۔ یو چھسے ژٔے لونٛچہ لُمن یژھان۔ تیٛلہِ گژھی ژٔے یتہٕ فکری تٕرٕن مےٚ آسہِ امہِ باپتھ سوٗرے انتظام کوٚرمُت۔ ییتہِ چھُنہٕ پۆرٕ عمارٕژ منٛز وُنی کٲنٛسہِ بیٚیہٕ کٲنٛہہ موجود نہٕ مکانہٕ مالِکینٛ تہٕ سونیا تنہٕ۔ ہرگاہ کاپرنا موف مکانہٕ مالِکینٛ آسہ تہٕ تٔھندِس کمرس تہٕ میأنس کمرس منٛز باگ چھ پانٛژھ کمرٕ۔ بیٚیہٕ ہبلکھ نہٕ ژٕ میون مقابلہٕ

گرِتھ۔ پگاہ تہٕ ہبلکھنہٕ ژٕ کانٛسہِ اچھ شکایت گرِتھ۔ کیاز ژٕ چانٛس بأے ہٕندِس رازس ووتھِہ پرٕد۔ وونی ہرگاہ ژٕ سُہ قربان تہٕ کرہن۔ چانہِ کتھہِ کُس کرِ پژھ۔ یپتہٕ چھُ لۆکھ بتہٕ کھوان نہ زِگاسہٕ۔ تِم سوچن نا اٲخراکھ کۆر کیاز آیہِ کُنی زٕنی تہاروزن وأرلس مردٕ ہٕندِس کمرس منٛز رأژ ہنزِ انہِ گٹہِ اندر۔ زنا بالجبر کہ الزام ثابت کرُن چھُنہٕ یۆتاہ آسان۔ ژٕ موٗتھکراوپان۔ وولہٕ"۔

"ہتا بدمعاشا......لفنگا......مکارا" دُنیایہِ ہنٛز آواز اٲس لرزان۔

"یُس تہٕ لقب ژٕ دکھ سُہ چھُ مےٚ قبول" مگر کتھ ونے زبردستی ستی چھُنہٕ کانٛہہ لطف یوان۔ مےٚ گرِمے ژےٚ پیشکس بوے بجر اونچ تہٕ ہرگاہ ژٕ غور کرکھ اتھ منٛز کری نہٕ ژےٚ ضمیر ملامت کیاز بوے بجر اونہٕ باپتھ چھکھ حالاتو کُنی مجبور۔ اکہِ پینتہٕ ستی ہکہن بوے تہٕ پنٛنی موج آرام کرنأوِتھ۔ بوتہٕ روزے وُمبر غولام۔ بو چھسے یورگن چانٛس جوابس پرٛاران۔

سیوادری گیلاف دراو دُونیایہِ نشہ لگ بگ اٲٹھ قدم دۆر صوفس کُن تہٕ بیٚوٚٹھ اٲتھی پتھ۔ دُنیایہِ بیوٚٹھ شبقہٕ زِ سیوادری گیلافن چھُ تمیُک پوٚختہٕ ارادٕ کۆرمُت۔ سو اٲس زانان یِیلہِ سُہ کانٛہہ ضد کران چھُ پتہٕ چھُنہٕ پۆت ہوان۔ تمہِ کۆڈ یکدم چندٕ منٛز لوکٹ پستول تہٕ سُہ چلاونہٕ باپتھ تیار حالتس منٛز تھأوِتھ تھوٗون سُہ اتھہِ میزس پتھ۔ تتھ منٛز پستول اوسُس۔

سیوادری گیلاف وبسریوو۔

"گوٚیہِ کتھ چھےٚ" حأرتہٕ سان مگر کینٛس پین دِتھ زہرخند سپدتھ وۆنُس تمہٕ "چانہِ امہِ حرکژٕ ستی بدلیوو یکدم صورتحال......مگر جانم......تتھ پأٹھی گرِتھ ژےٚ پانے میانہِ باپتھ واریاہ آسانیہ پأدٕ......ہاہاہا......وونی گو معاملہٕ وارے آسان؟ مگر یہِ پستول کتہِ اوٚنتھ؟ آیہِ آسی رازٕ ونہن دشمت؟ مگر مےٚ چھُ باسان یہِ چھُ میونے۔ بوٲے

ژھانڈان لوٗسُس۔ گومیٲنۍ محنت گیہِ نہٕ ضایہٕ کینٛہہ۔ ژٕ ماہسکٔکھ مُشرٲوِتھ زِیہٕ بندوق چلاوُنس منٛز چھُسے بوے ژے ووستاد؟‘‘

یہٕ پستول چھُنہٕ چون بلکہ چانہِ بدنصیب گرواجنہٕ مارفایہٕ ہُند یوسہٕ ژے قتل کٔرتھن۔ کولہٕ بدمعاشہٕ ژےٚ چھےٚ یہٕ خبر کانٛسی چھُنہٕ پتاہ۔ تتھ گرس منٛز نے اکھ گاسہٕ کرٛٹ تہِ چاۍنۍ اَس نہٕ۔ بوز چانٛین ارادِن ہُند تِتھُے مےٚ شک گنیووےٚ تل پننہِ بچاوٕ باپتھ پستول ہتۍ تہٕ قسم ہاوِتھ چھسے ونان اگرے اکھ قدم برٛونٛٹھ کُن پوٚکُکھ بو چلاوَے گوٗلی‘‘ دوٗنیا اَس شرارتس اندر پھنٛزکان۔

سیوادری گیلافن رۆٹۍ قدم پتھ زنتہٕ رٹہتھ گواما ونہِ لوٗگُس‘‘ ہے چاۍنس بٲے راجس کیاہ بنہِ۔ ہنہ‘‘۔

’’گوژ چھُکھ مےٚ وُنہِ تہِ کھوژ ناوان۔ ژٕ دِکھنا پُلسس اطلاع بو چھسے ونان شوقہٕ سان ونٛکھ۔ قدم رُکاو برٛونٛٹھ مہٕ پکھ مےٚ ووٗنے بو چلاوے گوٗلی۔ ژےٚ ہے پنٛنۍ زنانہٕ زہر دِتھ مارٕتھن۔ ژے پانہٕ خونی چھُکھ ژےٚ چھیا پتاہ ژٕ بچکھ‘‘۔ سیوادری گیلافس سپنٛس کُن پستولچہٕ نلہِ ہُند آے کٔرِتھ ووٗنس تمہِ۔ تمۍ رۆٹۍ بیٚیہٕ قدم پتھ تہٕ پرژ ھنس۔

’’ژے چھُیا یقین مےٚ دیُت مارفایہٕ زہر‘‘’’بالکل‘‘ دوٗنیایہٕ ووٗنس کھور زٕ ٹھہراوِتھ ’’مشر پکھ گوٚیہٕ۔ اکہٕ دوہہ ووٗنتھ پانہٕ خود۔ ژےٚ ووٗنتھ ناشہر پیوم زہر موٗلی ہینٛنہِ گرٕتھن۔ ژےٚ ووٗنتھ ناتِتھُے موقعہ تیم تہٕ کھیاوَن زہر۔ کولہٕ قاتلہٕ۔ بدمعاشہٕ‘‘۔

’’اِدسا مانو یہٕ چھُ پوٚز مگر دِتمس گھنٛدِ باپتھ زہر۔ دپھ چانی باپتھ‘‘۔

’’ژٕ چھُکھ بکواس کران۔ بو چھسے ژےٚ گوڈٕ دُہے پیٹھے نفرت کران۔ مےٚ چھےٚ چاۍنۍ منہِ مُچھ۔ بوژ ھنے تھوکھ‘‘۔

’’عفو...... ہے ٹاٹھی...... ژےٚ گوٚیہِ مشر پھےٚ مےٚ اصلاح کرنہٕ کہِ غرضہٕ کاژاہ نرے یکھ ژٕ...... ہاہاہاہی ہی...... مےٚ اَسکھ ہدایتہٕ چہ وتہِ لاگن یرٛژھان تہٕ وُنۍ کبس

چھکھ مےٚ گوٗلی چلاونہٕ باپتھ تیار یا دچھیہِ سُہ زُنہٕ رأژ ہُند شب ییلہِ واو رنگہٕ زنتہٕ گبوان آسہٕ تہٕ ژٕ ......"۔

"اپزٕ...... ژٕ چھکھ اول نمبر کذاب" دوٗنیایہِ ہنزٕ أچھی آسہٕ نارٕ بڑٕ بہہ ژھٹان۔

"چلو ووٗنی مانہٕ بوٗ چھس اپزٕ ے ونان۔ کیازِ دپان زنانن گرٕھن نہٕ کتھہٕ یاد پاونہِ۔ ہاہاہا۔ رؤسی گٹ ہش چھکھ تہٕ ژٕ ہمکھ پزی گوٗلی چلأوِتھ تہٕ چلاو"۔

"دونیایہِ کوٚر پستول سیوٚ دأمس کُن۔ بتھ اوُسس کاغذ ورقہِ پأٹھی سفید گوٗمت۔ یوٗنی مس وٹھس أسس تھرتھرِ تہٕ نارٕ ژھٹہٕ وٗنی نظر أسس سیوادری گیلافس پێٹھ لگتھ۔ سوٗ أس نظر وٚستی سیوادری گیلافس تہٕ پانس درمیان دوٗر برٕ مینان تہٕ تہندِ بن قدمن ہنزِ بِس حرکتس سیٛنتھ۔ سونچان زِ تتھے سُہ بڑ ونہہ پکنچ کوٗشش کرِ تیتھے چلاوِ سو گوٗلی۔

اتھس کنتھ پستول ہتھ، کتھن منز شرارت تہٕ بتھس پێٹھ نارٕ ژھٹہٕ وِنی رنگت وُچھتھ أس سیوادری گیلافس شوقس زیادے پین لگان "اوٚہ وُنی کنبس کأژاہ خوبصورت چھکھ باسان" ونان پوٚک یا شاگرتھ بڑ ونٹھ کُن۔ أتھی منز زنتہٕ دماکہِ گوٚ تیتھ الہٕ الہٕ ووٗتھ! گوٗلی درایہ سیوادری گیلافنہٕ کلہٕ رژھ کھنڈ پیٹھی تہٕ لٕج دیوارس۔ سیوادری گیلاف گوٚ ششدرٕ رٕ ہتھ تہٕ گوٗلی أندی نیرنس پێٹھ گوٚس اطمینان زِ بچوو تہٕ اوس اُسان۔

"ہے رؤسی کچی ژٕ ے نیوتھ مےٚ کلے تھوٚ دٕ تلتھ۔ ہنہٕ ۔ مییٚ چھُ خوٗن وسان" اُہنزِ کھوورِ کنہٕ پھیٚرٕ اوس رتھ وسان۔ دراصل أس گوٗلی کنہِ پھیٚرِ پێٹھ مستس لگتھ درامژ۔ چندہٕ منزٕ رومال کڈِتھ وٹھرو وُٹھ کنس خوٗن۔

دوٗنیا أس ووٗنی پستول بوٗن کُن رٔٹتھ سیوادری گیلافس سام ہبوان۔ سو تہٕ أس حأرتن گرٕ ہتھ الہٕ پوٚشکی پأٹھی لرزان باسان زِیہٕ کیا کوٚر تمہٕ۔ تس اوس نہٕ کہنی تہٕ فکرِ تران۔

"چلاو...... چلاو بیا کھ گوٗلی" سیوادری گیلافن وٚنس نرمی سان ییمہِ کنی تہنزٕ

ووداٗسی دۄ رِ فکرِ تران اُس۔ ''دپتھس کالس ژٕ بیٚیہ پستول گُر چار کھ تیتی ہے کالس ہیکتھ ژٕ یوٗ گُنی ووٹہِ قو بوٗ گرِتھ۔''

''دۄ نیایہِ نیہِ زنتہٕ بیدار گژھتھ دوبارٕ پستولٕچ گُر چاٗرِتھ'' تہٕ وۄننس ''مےٚ دِنیرٕ خدایہِ سنٛز درِ ے چلاوَ ے۔بوٗ بیٚیہ گوٗلی''۔ یہِ ونان اُس سوانتہاییٚ مویوس باسان۔

''وۄنی چھُ اسہِ دوٚن درمیان بس تریٚن قدمن ہُنٛد دۄ ر بر'' وۄنی ہیکی نہٕ نشانہٕ غلط گژھتھ مگر وۄنی ہرگاہ نشانہٕ لوٚگُے نہٕ تیلہِ؟'' تٔہنٛزٕ اُچھی لٔجہِ نار ژھٹنہِ تہٕ کُنی ووٹہِ پوٚک بیٚیا کھ قدم برٛ ونٛتھ کُن''۔

دۄ نیایہِ چلاوٗ گوٗلی تہٕ یِیمہِ وِزِ لٔجِ نہٕ نشانس کینٛہہ۔

''ژےٚ چھُتھ نہٕ پستول پوٗرٕ پاٗٹھی موٚچھ منٛز بند کوٚر مُت۔ خاٗرتوتہِ چھےٚ وُنہٕ اتھ اندر کینٛہہ گولہِ۔ چاٗرُس گُر۔بوٗ پیٚارے''۔

سُہ اوس دۄ نیایہِ نِشہِ بس ژٕ قدم دۄ ر اِستادٕ۔ تٔہنٛد بن وحشیانہٕ ارادن ہُنٛد اوس دۄ رِ پے لگان۔ تٔہنٛزٕ برٛیٚہہ وِنہِ نظرٕ یِیمہٕ اکہِ قسمہٕ چہٕ سرکشی ہٕنٛدِ جذبہٕ کُنٛز وتان آسہٕ روزٕ دۄ نیایہِ شاژکان۔ دۄ نیایہِ توٚ رسیوٚ دفکرِ یہِ مرِ مگر اُمس ترٛ اوِنہٕ کینٛہہ۔ وۄنی ہیکہِ ہے سوفقط ژٕ قدم دۄ راٗسِتھ سیوٚ دپاٗٹھی گوٗلی لاٗیتھ مگر تمہِ دیٚت یکدم پستول کش کڈِتھ داٗرِتھ۔

''ہے ژےٚ داٗری تھےٚ دیُتھ یہِ؟ سیوادری ین پرٛ ژھس حاٗرتن گژھتھ۔ تمٕ کرٛ ووپھرٛ بکھ زنتہٕ شانو پیٹھٕ کانٛہہ بور داٗرِتھ دیُتن۔ تس اوس نہٕ موتٕک بے بلکہ بدل کیٛاہ ہتام احساس یُس زیرِ بار گرِتھ اوس۔ یہِ تلخ تہٕ فکرِ نہ ترن وول شدید احساس کمیٛک اوسس تہِ اوس نہٕ تس پانس تہِ مولوم۔

سُہ ووت وۄنی دۄ نیایہِ نکھہٕ تہٕ کمرس منٛزٕ ترٛ اُوتھ اُنٛن پانس کُن۔ تمہِ کرٕ نہٕ کُنہِ قسمٕچ مزاحمت۔ سو اُس کرٛیلہٕ موٗرٕ ہنٛدی پاٗٹھی لرزان تہٕ عارٕ برٛژو نظرو اُس پٔتھس کامیاب شکاریس نِشہِ رحم کانٛچھان۔ سیوادری گیلافن ہیوٚتس کیٛا ہتام وُنن مگر تہٕنٛد بن

وُٹھن لٔج فقط زیر تہٕ کانٛہہ تہِ لفظ ہیوٚ کنہٕ زیوٚ کڈِتھ۔

''مےٚ ترٛ اویلہٕ'' دۄنیایہِ وۄنُس عاجزی سان۔ سیوادری گیلافس زنتہٕ یہِ بوٗزِتھ

تھرٕ ؤژھ۔ تس گوشدید احساس دۄنیایہِ ہنٛز آوازِہٕندِ بدلاوُک۔

''ژےٚ ماچھےٚ مےٚ ستیٚ محبت'' تٔمۍ پرٛژھُس بڈٕ نرمی سان۔

دۄنیایہِ کوٚرُس کلہٕ نفی منٛز ہلاوِتھ صاف انکار۔

''تہٕ زانٛہہ ہیٚکی نہٕ میانٛی راے گنتھ تہ چھناپوٚز؟ مویوس گژھتھ پرٛژھنس۔

''آ......زِہیے تہِ نہٕ''۔

سیوادری گیلاف آو بڑنس کھنڈس دۄن متضاد خیالن ہٕندِس آوِلنس

منٛز ہینہٕ۔ تٔمۍ ترٛ آو دۄنیایہِ کُن سرٕنی نظر۔ تٔہنٛزن نظرن ہنٛز دگ اَس دۄر بوزٕنی تگان۔

اَتھی منٛز ترٛ اوٚ تٔمۍ دۄنیا کمر پیٹھہٕ نٔرتھوٚ دتُلتھ یکدم یلہٕ۔ تہٕ پانہٕ سپُد دارِکُن بتھ کٔرتھ استادٕ۔

''رٹھ کنٛز''

اکھ منٹا گژھتھ ترٛووٕ تٔمۍ چندس اتھہٕ تہٕ کنٛز کڈِتھ پلناوٕن سو دۄنیایہِ کُن تہٕ تس کُن

پھیرنہٕ تہٕ وُچھنہٕ روٗستےٚ تھاوٕن میزس پیٹھ۔ تہٕ یِیہِ وۄننس ''ژٕ تُل کنٛز جل تہٕ نیر''۔

پانہٕ اوس دارِ کنۍ نبر نظر ترٛاوِتھ آسمانچن وُسعتن وونتھ ۂنبس اندر ٹٔرتھ باسان۔

اَچھن ہٕندی پوٕتلی زنتہٕ وٕٹسی گاٮ۪تی اَسس۔ دۄنیایہِ آسہٕ زنگہٕ نتان تہٕ وارٕ وارٕ

واتٕ میزس نکھہٕ۔

''تُل......کرجلدِ ے......نیرجل'' سیوادری گیلاف اوس بدستور پاٹھی تس کُن

تھرکرِتھ ونان۔

دۄنیایہِ توٚر یکدم ''نیرجل جل لفظُک مانہٕ فکرِ تہٕ کنٛز تُلتھ ترٛاوٕن کُنی ووٚٹھ

دروازس کُن۔ بانبرِ ہٕیہ مُنٛز روٗون برس قُلف تہٕ پیٚڈ مُنٛز رِتھ ترٛاوٕن کُنی ووٚٹھ کُٹھہِ نبر۔

اَکِس منٹس منٛز دراے سو کولہٕ بٔٹھی پکِتھ اَکس کۄلس کُن۔ تس اَسی نہٕ مغزٕ ے

کأم کران سوأس ژینچل دوان۔

سیوادری گیلاف رؤد برابر تژبن منٹن دارِنشی اِستادٕ تہٕ پتہٕ پھیوٚر پتھ گُن تہٕ گُژھِس ژوٚشونی طرفن نظراہ دِتھ لوٚگ کاڈ کڈِتھ تہ اوٚ نگجوٚستی مستس زول دِنہٕ۔ عجیب اسن گژلیہٕ زنتہٕ بتھِس سوٚ رموٚلُس۔ یہٕ اسن گرائے اُس أہنٕد أندرمہٕ دادِ، غمہٕ، بےٚ کسی تہٕ مویوسی ہُنٕد ملہٕ مشہٕ۔ کنہٕ پھیٚرٕ پتھ شٹھنہ لوٚ گمت رَتھ لاریوس اتھس۔ یہٕ رتھ وُچھتھ آوٚتمس سورُے شرارتھ زنتہٕ ووٚتلتھ تہٕ وُٹھ ژأپتھ تُجن تولیہٕ اتھس کبتھ تہٕ کوٚرن اتھہٕ تہٕ کنہٕ پھیٚرٕ صاف۔ أتھی منز پییٚس نظر فرشس پتھ پڑا پستولس پتھ تہٕ اتھس کبتھ تُلِتھ وُچھنس پھپری پھپری۔ یہٕ اوس پژانہٕ ساختک چندٕ پستول۔ یتھ اندر وُنہٕ تہٕ اکھ کارتوس تہٕ زٕ گولہٕ موجود آسہٕ۔ ''یہٕ ہکبون وُنہٕ تہٕ چلاوِتھ''سوٚنچتھ تھووٚتمیٚ پستول چندس تہٕ ٹوٚپی ووڈِتھ دراونبر۔



# (٦)

سُہ رٕو دشامہٕ پیٹھ شچِن دٕہن بجن تام اکہ جاأیہ پیٹھ نیٖرتھ بیٚیس جایہ گژھت زٕنتہٕ ہیڈٕرکی پاأٹھی پھٹتھ، بوٚ دگژھان۔

راأژہنزانہِ گٹ گننس ٕستی کھوٚت اسمانس اوٚبرٕ تہٕ وُزملن تہٕ گگراین ٕستی وولنس پاأژن سکنڈن منز سُہ گنڈل رٕو د زِ سیوادری گیلافس گو کمرس تام واپس واتُن مُشکل۔ کٕتھِس منز اأژی تھے مُژرأوی تمٕی میزٕ کِ ڈرارتہٕ اکہ منز ترے نوٹ کڈِتھ ہیٚتِن تم چندس برٕنی پوٚزلتہِ گوس أدربن پلون ہُنٛد احساس تہٕ سوٚنچن یِم بدلاونک مگر أتھی منز ترٛاأوِن دارِنیٖبرٕی اسمانس کُن نظر باسیوس وُزِملن تہٕ گگراین ٕستی چھُ برابر شرٛانہِ رٕو د وسان امہِ سببہٕ کوٚرُن پلو بدلاونک ارادٕ ترک۔ اماأتمٕی تُج ووٕنی ہیٹ اتھس کنبتھ تہٕ کلس پیٹھ تھاأوتھ دراو گُنی دوٕنیبر۔ اتھ منز رٕوٗدُس کٹھیٚگ درواز ٕ ییلے۔ یہِ دراو امیُگ وایہِ برلنہٕ وراأے سیوٚ ڈُے سونیایہِ ہٕنٛدِس کمرس کُن۔ سوأس وُنی کُبس کمرٕ سے منز۔

سوأس نہٕ گُنزٕنی بلکہ أسی کاپرناموف ہٕژ ہٕنٛدی شُری تہِ تمٕی سے نِشہِ بہتھ۔ سوأس تمن چاے چاوٕ ناوان۔ سوٕژھ تھوٚ دتہٕ وژھہِ واأنجہِ کوٚرُن سیوادری گیلافن استقبال۔ سوأس حاأرتہٕ برٕژونظرو تہٕنٛد بن رُدٕئرٕی گاٗمتِن پلون وُچھان۔ سیوادری گیلاف ژاواندر تہٕ ئرٕشُری کھوٚژی تس تہٕ گُنی ووٕٹہِ ژٕلی۔ سیوادری گیلاف بیوٚٹھ میزس نکھے تہٕ سونیایہِ کوٚرن نکھہٕ تل بہنہٕ باپتھ اِشارٕ۔ منٛدٕ چھی منٛدٕ چھی آیہِ سوأمِس کُن تہٕ بیٹھِس نکھہٕ تلے۔

''صوفیا! خبر مےٚ ماپیٚیہِ پگاہ یا کالہٕ کٔتھ امریکا گژھن'' سیوادری گیلافن وۄنُس۔ مےٚ دۄپ اٗخری ملاقات کروتہٕ امی سبہٕ آس ضروری انتظام کرنہٕ کہِ غرضہٕ یور۔ تہٕ ژٕ سمکھے یہِ کھہٕ تمُس زنہٕ؟ گوڈ چھُ مےٚ پتاہ تمہِ کیا آسی ژےٚ وۄنمُت۔ مےٚ کیا چھُ وننگ حاجت (سونیا یہِ پھیر نکھ۔ تس پھیوٚر بتھس وۄشلُن) یم چھی تتھی آسان تہٕ پژتھ چیزس پننی گژ میثان۔ خاٗریوٚ تام چانہِن بینہِن باین ہُند سوال چھُ ژٕ مو برغم تم کرناوکھ بو ضرور گُنہِ یتیم خانس منز داٗخل۔ مےٚ کرٕنوو یہند ناوِ کینہہ رقم جمع یمیُک رسید تہٕ مےٚ میوٗل۔ بہتر گوژ تھاو یم رسید بیترِ پانس نشے۔ حالاتن پیٹھ کیا بروسہٕ چھُ آسان۔ پگاہ کیا آسن حالات خدانخواستہٕ ژٕ گژھکھ پریشان ......ر......رٹھ......یم گےٚ رسید...... تھاو سنبھالتھ ......وقتس پیٹھ ینے بکار...... گو یتہِ......ٹھیک...... آوُنہِ چھُنا یم پانژھ فیصد بوانڈ ......یم تھاوژ پننہِ خاطرِ ......یہِ چھُ سمان کل بل تژےٚ ساس رُوبل ......یم لگنے بکار...... مگر یہِ گژھہِ نہٕ کنوکن کانٛسہِ پےٚ لگُن ...... افشاء تہٕ گری زِنہٕ کانٛسہِ نِشہِ...... گُنہِ حالتس منز وۄنی زِنہٕ کانٛسہِ...... اگرے ژٕ مےٚ مُتلق کینہہ تہِ بوزکھ ژٕ وۄنی زِنہٕ کانٛسہِ مےٚ دیُتِن اتھہِ تُلتھ یہِ رقم......تو ریہِ فکرِ...... میأنی کۄری ژےٚ پےٚ یی پونسک ضرورتھ......بو چھُس یژھان ژٕ ژٕہنکھ اتھ واٗہیات تہٕ مکرِ زندگیہِ بلاے...... ژٕ چھکھ غلاظتچہٕ درنہ منز ہنہٕ آمژ ......مگر وۄنی تژ اویہِ ...... کیا زِ وۄنی کیا حاجت چھےٚ ژےٚ پنُن جسم کِننُک ......بو چھُسے یم بوانڈ ژےٚ اُوے دِوان زِ ژٕ گذار وۄنی صاف وپاک تہٕ شاندار زندگی''۔

''چون کوتاہ احسان چھُ مےٚ پیٹھ۔ یمن شرہن پیٹھ تہٕ مرحوم کٹیر ینایہِ پیٹھ'' سونیایہِ وۄننس ''بو ہیکہ نہٕ ژےٚ امہِ احسانک شکریہ تہِ ادا کٔرِتھ۔ سوزبو کتہِ انہٕ ......خدایہِ سُند سوال چھےٚ ینہٕ دپکھ''۔

''ہش'' ژھوپہ......یہِ کیا چھُ تیوٚت۔

''نہٕ بو چھُس شُکر گذار یوٗت رقم مےٚ دِنہٕ باپتھ مگر فی الحال چھُنہٕ مےٚ امیُک

حاجت۔ بوٚہکہٕ آنہٕ ژور کمأوِتھ پننی یِڈ آسأنی سان پألتھ۔ خدلیہِ سُند سوال چھُے یِنہٕ دِکھ
مےٚ ماچھُ گال گرٛھان یہِ رقم رٹنہٕ۔ مگر ژٕ ہرگاہ یُوتاہ فیاض چھُکھ تیلہِ دِی یہِ رقم......"۔
"ہنٕہ صوفیا...... یہِ رقم چھُ فقط چانہِ باپتھ...... یہِ کرِ ژٕ قبول تہٕ ژٕھ اچھ کتھے اٚتی
...... بو نیرے مےٚ چھےٚ تعجلی...... از پگاہ پےٚ یِی ژےٚ روپین ہُند حاجت...... کیازِ
وونی چھہٕ رٚا اسکولن کافنہ باپتھ زِ ے وتہٕ یاتہٕ چلاوِ پانس گوٚلی تہٕ موکلاوٕ نیایِی نتہٕ چھس
سینٹرل جیل (سونیایہِ ژٕج کھوٚرتلہِ میژ نیرِتھ تہٕ خوفزدٕ گرٛھتھ ئِج سیوادری گیلافس
وُچھنہِ) کھوژ مومےٚ چھُ سورےٚ مولوم...... میےٚ وۄن تُمٕ کرٕ پانہٕ خود سورے کینہہ......
بوچھس نہٕ یُوتاہ لوٚت...... ژٕ روز بلاوسواس بوٚ وٚنہٕ نہٕ کأنسہِ یہِ راز...... وونی گوٚ وچون
یہِ مشورٕ زِ ژٕ کرسا پُلسس پان حوالہ تہٕ اقرار جرم کر' تہِ اوس میٲنہِ حسابہٕ تہِ اصل......
تُمس پزِ ہے اتھ چانس مشورس پیٹھ عمل کرٕنی......یتھہٕ کٕنی سوزہن تُمس بوٚڈبڈ یم جیل
تہٕ قودرتی کتھا چھ ژےٚ پےٚ یِی تُمس ستی گرٛھن۔ میون اندازٕ چھُنہٕ وُنیستام زانہہ تہِ غلط
درامُت۔ تہٕ ووٚنی ہرگاہ ژٕ ستی گےٚ ہس۔ پوٚنسہِ لگنےٚ ژےٚ پانس تہِ تہٕ تُمس خاطرٕ تہٕ پےٚ
یِی حاجت۔ ووٚنی ژےٚ دِمے یم پوٚنسہٕ یارٚ اسکولن کافس میٲنہِ باپتھ چھےٚ ہشی کتھا۔ مانتہٕ
بوچھس چانہ اتھہٕ یہِ پوٚنسہٕ تس پلناوان۔ وٚن گوٚ یہِ دِلس اطمینان؟ بیٚیہِ ونیوتھ نا ژےٚ
رٚکراے نکھہٕ والنٚگ چھُتھ ایملیا وعدٕ کوٚر مُت۔ مےٚ اوس تہِ پننو کنو تہِ بوٚ زمُت۔ کیازِ
یمہِ وِز ژےٚ تُمس وعدٕ کوٚرتھ بو اوسُس تٔتی نکھے استادٕ۔ گوڈٕ رووس بو ژےٚ
کیاز ہیرٕتھ یہِ ذمہٕ دأری پننین شانن پیٹھ چہارمہ اسمان کھسِتھ تہٕ اگرے سو جرمن بڈ
کرٛبکہٕ ناد کرِ ہے ژےٚ اوسے صبر کرٕن۔ ژےٚ اوسے تُمس وُنٕ چون قرضہٕ ہی چھُ
کیٹرینا یہ باقی مےٚ نہٕ کینہہ۔ دوٚیمین ہُند دودپٚن زانٕن تہٕ بیٚیہِ سُند بور پننین شانن پیٹھ
تُلن یہِ گوٚ پزی بجر۔ یتھین حالاتن منز بہمہِ ہا بو لوٚب کٕن۔ گوڈٕ ونے بنیا کھ کتھا۔
اگرے کانہہ مےٚ مُتلق پگاہ یا کالٕ کیتھ کینہہ پرٕژھی مےٚ چھےٚ پوٚرٕ پرٛژھ ژےٚ یہِ یِی مےٚ

غبسبتھ پرٛژھہِ گأر کرنہٕ۔ وُنی کینہٕ کہِ ملاقاتُک تہٕ یمن بواندن ہُند ذکرٕ ے کُری زنہٕ کأنسہ نشہِ۔ بس پتے چھُم وُنن۔ بو نیرے وونی ""مگر یم بوانڈ۔ بو کیا کرٕ یمن" ازپگاہ تھأوی زِ رازو مِنہنس نشہِ۔ زانہٕ ہن ناسہٕ؟ کوتاہ رُت چھُ تُمی ہے حوالہِ کُری زِ۔ تو تام تھاوئ ژھرأ وِتھ۔ تھاوژؤ رِ بو دراسے۔ اوکے خداحافظ" مگر یژھن رُدٕ شرانئن منز کوت نیرکھ...... "یمن امریکا گژھن آسہِ سہٕ چھا یمن رُدٕ شرانئن کھوژان ...... اد کیا بہہ میأنی کوٗرٕ ...... بہہ خدالیس حوالہِ ...... چھا ٹھیک بہہ ...... حفاظت کٔرِتھ تھأوی زِ ...... میأنی کتھ تھأوی زِ یاد...... خدا حافظ۔ سونیا أس دہشت زدٕ گژھتھ تمِس مُدے گنڈِتھ پتِس کالس سہٕ کمرٕ نبر دراو۔ سوٗ أس تس کیا ہتام وُنن یژھان پرٛژھُن یژھان مگر پیچ نہٕ ...... سہٕ روٗد نیران ہور تام تس ونان۔ خداے کُری نے رأچھی۔ وأنسہِ لگی نے آے تہٕ پاے۔ زندٕ روز سلامت روز۔ رازو مِنہنس تہٕ وُنی زِ میأنی سلام ...... اچھا ...... خداحافظ۔ سونیا یہ پریشان تہٕ حأران کرٕتھ دراو سہٕ أہنز وِنظرو دوٗر۔

پتہٕ سپُد ڈٔری یافت سہٕ اوس امی شبہِ رأژ ہنزِ وُہہ منٹہِ پیٹھی کہہ بجہِ بیٚس أرکس جایہِ تہٕ تھے کنی اچانک پأٹھی ووتمُت۔ تتہِ أسن تم تہٕ سونیایہ ہندی پأٹھی حأران تہٕ پریشان کُری متی۔ روٗدس اوس نہٕ تھکھ گژھان تہٕ سیوادری گیلاف تہِ اوس نہٕ رُدٕ ئری گژھنس کھوژان تہٕ تتھی ہے منز دراو دلیالوسکی زوس کُن تہٕ ٹھیک وُہہ منٹہِ پیٹھی کہہ بجہِ اوس تتھ دروازس ٹھک ٹھک کران پتہٕ أہنزِ بئن واجنہٕ گرٕ واجنہِ ہُند مول موج روزان اوس۔ تمی کوٗر روارِیاہ پھرٕ ٹھک ٹھک تہٕ أتی مُو روو تمو درواز تہنٛدِ اچانک پأٹھی پینہٕ ستی ژٔھ تمن گرس اندرٕ سخ کھلبلی۔ یہِ ماچھُ سہل کتھ آسہِ گنڈی تھے اوت تہٕ زامتر ولتہٕ یُتاہ ژٔپری سہٕ تہٕ روتلہِ تہٕ پیٹھہِ بے خبر پأٹھی۔ تمن تو رفکرٕ زِ تہنٛدی زامتری چھُ ہنا زیادٕ چومُت اوے چھُ یوٗت روتلہِ ہٹرٕ ہٹرٕ پھیران مگر یپرٛ ہن تہٕ ونو زِ سیوادری گیلافس اوس تہٕ شرف زِ سہٕ ییلہِ ییٚو ھہِ ہاتیلہِ اوس سبٹھے دلکش بنان۔ تہنٛزِ ہشہِ ماجہِ ہیٚو پننہٕ عقلہٕ

کاْم تہٕ پٔنٕنس موزوٗر خاندرٕس منٛز کرسی بڑ وٕنہٕ گٔن اٗنتھ گرٕن تس پیش۔ امہِ پتہٕ لٔج سیوادری گیلافس غاٗر ضروری سوال پرٛژھنہٕ۔ تٔمِس اوس عادتھے اتھ مٔلی مٔلی تہٕ پرٛاٹہٕ ڈٔہرِ ڈٔہرِ کتھ شروع کرنٕک تٕہنٛد حسابہٕ اُس عقلمندی ہرگاہ سوال وٕلتھ کرنہٕ ییہِ مثلن ہرگاہ تٔمِس سیوادری گیلافس پرٛژھن آسہِ ہے زِ سُہ کرِ یا تٕہنٛزِ کورِ ستۍ وٕنی خاندرس اُس کتھ شروع کران پیرٕسکس شاہی محلس مُتلق سوال پرٛژھنہٕ ستۍ اوٗ ڈگنٹا کرِ ہے پیرسہ پیٹھی وُڈوتہٕ وسہِ ہے وارٕ وارٕ بون تہٕ دِیہِ ہے رٔوسس وٕن کتہٕ کیاچھُ بنان تہٕ رژھہِ رژھہِ پکِتھ اژِہے پٔنٕنس فلیٹس منٛز تہٕ مأنی توگنٹہٕ ڈوڈ گنٹہٕ گرٛھتھ کرِ ہے اشارن اشارن اندر مقصدٕ چ کتھ بیان۔ بدل کانٛہہ موقعہ ہے آسہِ ہاتیلہِ اوس تٕہنٛز وستاٗدلہِ دادِیوان دنہٕ مگر وٕنی کبس اوس تٕہنٛد زامتر پننہٕ بنن واجنہٕ گرِ واجنہِ فوراً سمکھن یژھان حالانکہ گوڈے وٕنہوس زِ سوچھے بچاٗرشوٗنگتھ مگر سُہ کتہٕ ٹلہِ ہکھ تھِچھ تہٕ چھیکرس پیوٚ وتس بچارِ حاضر سپدُن۔

سیوادری گیلافن وٕن تس وکھضایہ کرنہٕ ورأیی زا کہِ ضروری کامہِ سببہٕ پٔیہِ تس شہر نبر گرٛژھن تہٕ اوٚ کنی چھُ سُہ اُمس پانٛژھ ساس رُوبل نقد دنہٕ باپتھ آمُت تہٕ یہِ رقم چھُ سُہ اُمس ڈالہِ رٔنگی دِوان۔ تِتھس رُدٕ گنٹہٕ کارس منٛز انہِ گٹہِ اندر اور واتنس اوس نہٕ پانہٕ وأنی کانٛہہ واٹھ باسان۔ اچ کانٛہہ وضاحت کرٕنی باسیو ونہٕ سیوادری گیلافس تہٕ کانٛہہ حاجت۔ خوش اسلوبی سان ووت یہِ مرحلہٕ اند۔ ہے تِتھہٕ کٔنی کیاز آ کھ۔ بے خبر پأٹھی کیاز آ کھ اُسی کرٕ ہوے پیالہٕ برداٗری وغاٗرٕ ہشہِ رسمی کتھہٕ تہٕ کرٛ بکھنہٕ۔ بلکہ کوٚرُس امہِ معاملہٕ فہم کورِ ماجہِ اوٗش بٔکہٕ ہاٗرتھ شُکریہ۔ سیوادری گیلاف وٕتھ تھوٗ دتہٕ پننہٕ بنن واجنہِ زنانہِ کوٚرن وٕٹھن میوٗٹھ روٚخن دِیتٔنس اتھہٕ ستۍ لولہٕ سان پھشا پھشا وٕننس بوٚیمہ جلدِ ے واپس۔ تٕہنٛزن نظرن اندر نظر ترٛ اُوِتھ باسیوس زِ سوچھے اکھ مجسم سوال وٕنتھ جواب یژھان تہِ امہِ کِس رٕدٕ عملس منٛز کوٚرن ہنا سوٗنچ تہٕ وٕٹھ گمناوِتھ انن

ہیٚیہِ پانس کُن تہٕ دیٚتنس ہیٚیہِ وُٹھن میوٗٹھ۔ اُتھی اندر آس خیال زِ ہُشیار ترین کورِ موج کرِ وُنی یہِ رقم ستن قُلفن تل بند تہٕ کورِ ہاونہٕ امہِ مِنزا کہِ دیلک تہٕ بُتھ۔ امہِ ستی آیوس پننِن اصلی غوصہٕ وۄتلتھ مگر ژۄپُن تہٕ سونیایہِ ہٕنڈی پاٹھی دراویمن تہٕ حأرانتہٕ پریشان گرِتھ اتہٕ نبر۔

فالجہ لدمول تہٕ کۄر گٔے تژبن تہٕ تژۄہن تہٕ چالاک تہٕ تیز دِماغ ماجہ گری تہٕنڈی شکوک یہِ وُنتھ دۄر زِ سیوادری گیلاف چھُ سبٹھاہ بۄڈ موہنیو یتھے کٔنی چھُس کاروبار تہٕ واریاہ بۄڈ۔ بڈٕ بن موہنوبن کتہٕ چھُ پتاہ آسان کمہِ وِزِ کوسہٕ کأم پیٚیہِ۔ کمہِ وِزِ کوسہٕ کتھ کریکھ منس منز تہٕ کتھ مستی منز ین کرہیٚنہٕ تمیٚگ چھا افشاء گژھان۔ وونی ہرگاہ أمِس شہر تژ اُتھ ہیٚیہِ کُن گژھنُگ الخناس ژاو تیلہِ گژھہِ یہِ کُنہِ تہٕ حالتس اندر۔ اگرے دِماغس منز ژاس زِ پٔنڈ دولتھ دِیہِ ہیٚیہِ کأنسہ یہِ کتہٕ وُچھِ پتہٕ تتھ تہٕ وایہ لہٰذا توٚہی موگژھو پریشان تہٕ حأران۔ وُچھی تو یور آویہِ رُدٕ گگر ہنتھ اِد اتھ معاملس منز گویہِ انگریز سنأنی نہ کُنہِ ہیٚیہِ تہٕ گرتھ یمن بڈٕ بن موہنوبن چھا یم غم آسان۔ یم ماچھ سونچان یہِ کیاہ ونہم تہٕ ہُہ کیا ونم۔ ہیٚیہِ چھنہٕ یم کُنہِ تہٕ گلٹھ کران نتہٕ رٹھن چم۔ یتھ موہنوی۔ نہ تہٕ چھے نہ کتھے۔ ہیٚیہِ چھُ باسان أمِس ما آسہِ ہے ہاوُن وُچھوسابو چھُس نہٕ کأنسہِ ہُنڈ آویز۔ یہ چھُس پننہِ مرضیہِ ہُنڈ مالک مے چھُ پوٗر یقین تی آسہِ ہس ہاوُن۔ وُچھوسابو یہلہِ یژھہِ کُنہِ جایہِ گژھُن مے رُکاونہٕ کانہہ "تہٕ وُژھکھ دوشونی کُن" لہٰذا گوتھس معاملس منز بہتر چانٹس تژ وٗپ دِتھ بہُن۔ یتہٕ چھا کیُتھ کیاہ بنہٕ امہِ کٔنی چھُ بہتر اوہند رقم قُلفس تل تھاوُن۔ رُتے گوفیدوسیایہِ وُچھ نہٕ کینہہ۔ سوأس کچنس منزِ ے مگر سیوادری گیلاف وُچھن نہٕ یوٗتاہ رقم اسہِ پلناوان ...... یگاہ آسہِ ہے سارنے تژرے گٔمژ پتہٕ گس ہبتر اوِ ہے۔ یمن نوکرانن ماچھُ پانس تام آسان۔ ہُتیٚگ یوٗت تہٕ ییٚتیک ہوٗت پکناونس واتنکھ نہٕ کانہہ۔ ژھوپہ گری زبو پانس یِنہٕ کُنہِ تہٕ وِزِ کأنسہِ نِشہِ اکھ کتھ تہٕ گرِو۔

فالجہِ لدکورِ مول تہٕ تٔہنز ارڑ کال زنی روٗدٕ ئتی کلس منز کلہٕ تڑ اُ وِتھ رأ ژہنز ن دوہن بجن تام کھسرِ پھسر کرنہِ مگر ہو درایہ تہٕ دِیُتن ییہٕ بسترس منز پان دأرِتھ البتہ سوأس حأران تہٕ دل ملول تہِ۔

ٹھیک نصف رأ ژ ووت سیوادری گیلاف شہر پٹھ مضافات کُن گژھن واجنہِ وتہِ منز ینہٕ وول زیوٗ ٹھ کدل تٔرِتھ بجہِ سڑ کہِ پٹھ۔ ووٗنی اوس روٗ دتھمیو مُت اما تہٕ ژھٹ اُس تڑ تیز زنتہٕ بدنس شراکوٕ ستی کھاش کران أس۔ اکہِ لٹہِ لوٗگ قرار کٔرِتھ کولہِ ہنٛدِس کرٛہِنس آبس سٔنتھ وُچھنہِ مگر یِیلہٕ تڑ بدنس الہِ الہِ ٹُلنس تہٕ دندٹکرژ اس سُہ ہیوٗک نہٕ اتبتھ زیادٕ وقس ٹھہرِتھ۔ تڑ زنتہٕ أڈی جبن ترٕتھ وسہِ سنے لیس۔ تمی پھیُرٕ روخ بوبوشوأ ایونیوکن۔ لگ بگ پوٗک اوٗڈ گنٹا انہِ گٹہِ تہٕ زٕ یچھہِ سڑ کہِ۔ واریاہس پھرِ لِگس ٹھوٗنکری تہٕ لاینہٕ تہِ آیو مگر تمی دیُت نہٕ تھکھ کینٛہہ بلکہ روٗ دہلکأری ہوٗنی ہنٛدی پأٹھی بتھہِ سیوٗ دے پکان۔ دراصل اوس تمی کینٛہہ دوٗہ بروٗنٛہہ لیأ ری پکان پکان لگر ہنٛد بنیومُت اکھ ہوٹل وُچھمُت تہٕ یہِ اوس سُے ژھاران۔ یادٕ ووٗ تڑ دیٛتنس نہٕ دھوکہٕ اتہٕ اوس اتھ انہِ گِٹس منز پزی اکھ نپہٕ نپہٕ کرٕون ہوٹل دوٗ رِ پٹھٕ اتھہِ یِوان۔ یتھ شاید ''اوک ہل'' ناو اوس۔ ہوٹل دار بن ہنٛدٕ بوشیشو۔ کنی اوس گاش سڑ کہِ پٹھ پیوان۔ یمہِ کنی باسان اوس کمرن منز روزان لوکھ چھنہٕ وُنہٕ شوٗنگی متی۔ سیوادری گیلافٕ ژاوٹھس ٹھس کران ہوٹلس اندریٛنہٕ استقبالس پٹھ موجود نفر زولہِ کران اوس۔ اتھہٕ ستی زبر دِتھ کوٗ رُن سُہ ہُشیار سُہ لوٗگ کاڈ کڈنہِ پہتہٕ زٕ ژور زامنہِ گٔرِتھ أمس کلہٕ پٹھٕ نلس تام وُچھنہِ۔ سیوادری گیلافن پرٛژھ ھنس کمرِ چھا خأ لی کانٛہہ؟ کلہٕ ستی اقرار کٔرِتھ ہووس تمی پانس ستی پکنہٕ باپتھ تہٕ واتنوٗ ن زیٛٹھہِ ورنڈا۔ کس أخری کوٗنس کُن ییتہٕ اکھ لوٗ کٹ کُٹھ خأ لی اوس۔ لتہِ اوس مکمل انہِ گوٹ۔ یہِ ہاٗ وِتھ تڑ اُ ون أمس تمہِ آیہِ نظر۔ یتھ منز سوال اوس زاویا پسند کمرٕ؟

''چاے بٹھیاہوٗ نی کبس''، سیوادری گیلافن پرٛژھ ھنس۔ یمہِ اندازٕ زٕ تٔہنٛد جواب

تہٕ اوس اتھ منٛز زِ آ کمرآم پسند۔

''چاے میلہِ جناب'' ویٹرن وۄنُس ...... تیٚمِس پژٲنی ماکہِ پلوناٮ۪لی اٲسی یمن گینٛوزیادے بےٚ شۄبی گر ءمژٲس۔

''کھٮ۪نہٕ خاطرٕ کیاہ میلہِ؟''

''ویٚوٹھ ماز...... تہٕ شرابس منٛز چھُ وُڈ کامہِ علاوٕ میلہِ ہلکہٕ پھُلکہٕ نہاٗرٕ یتھ منٛزِ سوتھ گۄبی وغاٗرٕ آسہِ۔

''ٹھیک چھُ ...... چاے تہٕ مازاَن''۔

''بیٚیہ کیا جناب؟'' ویٹرن وۄنُس ہناحاٗرٲنی سان۔

''بس...... بیٚیہ نہٕ کٮ۪ہنی!''

ویٹر گوٚ وموِیوس تہٕ کیاہتام وۄل شۄل ونان دراو اتھ۔

کمرس منٛز اٗژِتھ چھُ سیوادری گیلاف پانس ستی ونان ''بڈٕ اصل جاے چھےٚ یہ۔ وُچھ وُنیُتام ماچھس بۄ یورژ امُت۔ موم بتی زاٗلِتھ لوگ سُہ کمرُک جاٮ۪زٕ ہینہِ۔ چھت اوس تیوٗتاہ بۄن زِ بمشکل اوس وودنہِ ہبکان روٗزِتھ۔ داٗراٲءسس اکھ۔ اکھ چارٕ پاے اٲءسس منٛزس یتھ پژون تہٕ گند بستر پیٹھ اوس۔ بڈٕ ژادرِ اٲسی واریاہ داغ۔ اٗکِس کُن اوس پژون میز تہٕ اتھ بڑ وٗنٹھہٕ کنہٕ یژھے اکھ پژٲنی کُرسی۔ یِمو تریٚنو چیزو ستی اوس کُٹھ ترٛوٗ پتھ باسان۔ لبن پیٹھ اوس کاغذ مرِتھ یُس دودر یومُت اوس۔ چونکہ یہِ کُٹھ اوسُکھ ہیرٕ تلہٕ کنہٕ بنومُت امہِ کِنی اوس امیُک چھت اکہِ اند ڈلوم تہٕ لب تہٕ اٗس باقی تریٚو لبو کھوتہٕ بۄن۔

موم بتی میزس پیٹھ تھاوِتھ بیوٚٹھ سیوادری گیلاف چارپایہِ پیٹھ خبر کتھ خیالس منٛز ڈُبیوو۔ اٗتھی منٛز گیس عجیب کتھ کتھا کِنہ تہٕ منٛزی اٗس چکھا وو تلان یمہِ کِنی اوہند توجہ تورکن گوٚو۔ سیوادری گیلاٗ فن دیُت کن۔ اٗمِس توٚرفکرِ گس تام چھُ خبر کس بیٚو اٗری

کران مگر لوٚت لوٚت۔ییمہِ کنہِ سہٕ اکھ آواز بوزان اوس۔

سیوادری گیلافن تھوٚو موم بتہِ ہُنٛد گاش دوٚن اَتھن ہُنٛد ٹوٗپ دِتھ ژھاے۔ییمہِ ستی تمی کُٹھس منٛز اکہِ لبہِ کنہِ گاش پیٚو اژان وُچھ۔سُہ ووٚتھ تھوٚد تہٕ ترٚیہِ کنہِ دِژن اپور کُن نظر۔اتہِ اوس بیاکھ ہنا بوٚڈ ے پہن کمرٕ۔یتھ اندر ژٕ ژٕنی ٲسی۔وٲلی مس کٔرِتھ ژٕ نفر ٲسی آسن باسن وٲلی باسان۔اکھ اوس قمیض پاجامہٕ لٲگتھ تہٕ ژنگہٕ وہرٲوِتھ اٚکِس تقریر کرن وٲلی ہنٛدِ انداز سیٖنہٕ ٹھٲکتھ ونان "ژٕ ے چھُسیا بو کمینہٕ تہٕ پنٛچھوٗن باسان۔ ژٕ چھکھ نہٕ مےٚ ووٚنی پرٕ ژھان تہِ ہتا مےٚ ہے ژٕ خاکہٕ پٮ۪ٹھہٕ تُلتھ عرشس کھولکھ۔ اگرے یژھہٕ بیٚیہٕ واتکھ خاکس پٮ۪ٹھ۔میون خداے چھُ سورے وُچھان" لیس نفرس سُہ لعنت ملامت کران اوس سُہ اوس کُرسیہِ پٮ۪ٹھ بہتھ تہٕ تہنٛدِ بُتھہِ تلہٕ اوس باسان سُہ چھُ پوندتر اوٚنی یژھان مگر یہِ گیس اڈوتی نستہِ اندر بند۔سُہ اوس نہٕ شاید تہنٛزٕ کتھہِ سمجانہٕ نتہٕ اوس نہٕ بوزانہٕ۔میزس پٮ۪ٹھ اوسکھ دزوٚن شمع ییمہِ کِس گاشس تل خٲلی وُڈکا بوتل، ژٕ گلاسہٕ تہٕ اٚکِس قابس منٛز مسالہٕ دار کوکر تانن ہنٛز اڈجہِ ژھٮ۪ٹھ تہٕ چایدٲنی پرٕ اپیاٹی باسان ٲسی۔ہنا یہِ منظر وُچھتھ کھوٚت سیوادری گیلاف پتھ کُن تہٕ بیٚوٹھ بیٚیہِ میزس پٮ۪ٹھ۔

"اٚتھی منٛز آس ویٹر چاے ہیتھ۔تمی پرٕ ژھنس بیٚیہِ بے تاب گژھتھ بیٚیہِ ژٕنی تو کیاہ چھم انٛن۔ییلہِ ٲسی کلہٕ گلہٕ ناوِتھ بیٚیہِ نکارٕ ے کوٚرس تہٕ ویٹر دراو ڈبکس درٕہ کھٲلتھ ژٕ زِتھ بُزتھ کُٹھہِ نبر۔بدنہٕ چہِ گرمیہِ باپتھ پھیٚر سیوادری گیلافن یکدم چایہِ پیالہٕ تہٕ لوٚگ تتی تتی دام چینہٕ۔تہٕ باقی کھیون نہٕ کہنی۔اٚمس اٚس نہٕ ووٚنی بوچھہِ باسان۔بلکہ اوٚسُس پان ژھیوٚنمت تہٕ پھُٹمت باسان۔یتی اوٚسُس تف باسان۔چاے موکلاوِتھے ووٚتھ یون کُن تہٕ کلہٕ نلہٕ کمبل کھٲلتھ کوٚڈن واش۔مگر تمِس اٚس بیقرٲری باسان۔

"یہِ کُس مصیبت گو! اژ گو ژھن نہٕ یو بمار گوژھن۔تمہِ معاملہٕ باپتھ چھُ

میون اڈ ردڈ راٗسُن ضروری'' کتھ تام سوٗنچس پتھ لوٗگ وُٹھ گمناونہٕ۔ تمِس اوس خیالن ہُند گتہٕ گیوٗراکھ بالہٕ والان تہٕ بیٚیہٕ بالہٕ کھالان۔ أتھی منز اوس ٹھس تہٕ ٹھس گژھنہٕ ستی تہٕ ووٚٹھ کڈان۔ لبہٕ اوس گگر دندن ہنٛز لیٚتر ستی ترٛ کان ییٚمی سیوادری گیلاف پریشان کوٚر۔ دار کنی اوس پنہٕ وٗتھرن ہُند ہر ہر کھٹس منز بوزُن تگان۔ یہ سوٗنچتھ زِ گژھہِ دأر چھِ شاید باغس کُن مٔز رأوٕمُت دأر۔ اتہٕ آلیس ترٛ ژھٹھ تہٕ دارِ پٹٛ بند کران اوس سونچان زانہٕ گٔٹس تہٕ ترکٹکارس منز چھُ پنہٕ وٗتھرن ہُند ہر ہر توس تٔلان تہٕ پریشان کران۔

تمِس اوس یہ ہر صداتہٕ کھران تہٕ انہٕ گوٚٹ تہٕ۔ اوے پیوس نہر ہُند کرُہن آب یادُیس تمِس سخ کھوٚر۔ امہٕ پتہٕ پیٹرواسکی چنار پارک ...... یوسہٕ أتھی وتہٕ اندروٗچھن، انہٕ گٔٹس منز گُلی گنبر سبزہٕ گُلی لنجن ہُند اکھ أکسِ ستی چھاونہٕ ینک صداتہٕ پنہٕ وٗتھرن ہُند ہر ہر باسیوو أمِس ہأبتناک۔ یہ اوس تتھی پارکہِ منز گژھِتھ بہن یژھان مگر امہٕ خوفہٕ کنی کوٚرُن نہٕ یرادے ترک۔ یہ موم بتی تہٕ چھِ ٹٲلی دزان سوٗنچتھ گٔرِن اتھ ستی کُنی ژٔٹھ دِتھ ژھیتہٕ۔ لأری مہ کُٹھہِ پتھہٕ گاشہِ لے نہ ترنہٕ ستی توٗرس فکرِ تم چھِ شوٗنگی متی تہٕ سیوادری گیلافن تہٕ کوٚر روونی شونگ ترٛ اونک پوٗختہٕ یرادٕ تہٕ أتھی ستی پیٚیس مارفا یاد۔ پانس ستی دیتُنس ناد'' ہاے میٲنی ژٔنی ...... مارفا ...... تلے پتہٕ مے نشہِ ...... یو ہے چھُ چانہِ ینگ وکھتہٕ ژے لایکھ مقام تہٕ ...... مگر کتہِ ...... مے چھُ مولوم یُس گوسہ آونہٕ باز پھیرتھ ...... ژہ تہٕ یکھ نہٕ کیٚنہہ!''

أتھی ستی پیوس دوٗنیایہِ ستی سپُد مُت أزُیک واقعہ یادیس ستی گٹہٕ کھنڈ بزٕ وٹھ دست درأزی گٔرِتھ زور آزمأیی کرے یہ ین تہٕ پتہٕ پیوس رٔ اسکولنکاف یاد تہٕ تھنڈی ستم تہٕ۔ پانس ستی لوٗگ وننہٕ۔'' مے کیا تمِس ستی۔ پأزارس چھمہٕ وندُن۔ کولل ٔمری تن یا اُسی تن۔ یم چھی أزِکی نوجوان تِتھی سُد لہٕ بُد لہٕ لاگان ییٚتھے زندگی تہٕ موتک سوال بنتھہِ یوان چھکھ ...... ژہ ہنس بلاے''۔

کوٗشش کٔرِتھ تہِ أٔسس نہٕ نِندٕر پیوان۔ أمی کرِتوتہِ أچھی بند۔ اتہِ آیس وارٕ وارٕ دوٗنیایہِ ہنٛز شکل برٛونٛہہ کُن ییمہِ کنِز سأری ہیے بدنس تھرٕ ؤُژھس "نہ نہ ووٗنی پزٕ مے یہِ سورُے ترٛاوُن" پأنی پانس پیٹھ شرارت کھٔسِتھ لوٗگ سونچنہِ "مے پزِ بدل کیٛنٛہہ سونٛچُن۔ مگر کیا؟" گوڑٕ کأژاہ تعجب کتھ چھےٚ یہِ زِ مے چھُنہٕ وُنیٛستام کأنٛسہِ ستی تہِ نفرت گٔرمُت۔ مے چھُنہٕ دِلس منٛز زانٛہہ کأنٛسہِ ستی آنٛچھ ہورٕنٛگ خیال تہِ ووٗتھمُت۔ ہے پانہٕ یمہٕ گٔیہِ بجرٕ چہِ علامژ مے چھا زانٛہہ کأنٛسہِ ستی نیاے تھاوُن یوٗژھمُت۔ مے چھُنہٕ پسنٛدٕ ے تہِ تہٕ نہ چھُم غوصہٕ کرنُے پسند۔ دراصل چھ پانا یمہٕ تہِ بجرٕ چے علامژ...... دوٗنیایہِ یُس وعدٕ وٕنی دیُتم ...... ژٕہنُس بلاے...... لعنت ژٕہنُس ...... مگر کیٛاونوسو ما انہِ ہامے اندر تبدیلی...... سو مابناوِ ہے مے اکھ بالکل نوٚ وانسان؟"

تٔمی ٹکی دِنٛد...... بیٚیہِ آیس دوٗنیا برٛونٛہہ کُن...... سرٛثوبوت...... یہِ أس سو دوٗنیایوسہٕ گوڈنٛچ گوٗلی چلأوِتھ ششدر رٔہتھ گٔے یہِ تہٕ کھوٗژِتھ پنٛنہِ پستوٗلچ ٹٔلی بون کُن تھأوِتھ أس تہٕ حأرتہٕ سان پھٔٹِتھ درامژ وأچھو تٔمِس کُن وُچھان أس۔ تمہِ وِزِ ہرگاہ سُہ ییٚژھہِ ہا تٔمِس کرِ ہے قوبوٗ ہس منٛز سُے نے ونہِ ہس حبس تھاوسو أس نہٕ ستھ تہِ بتھ کران۔ وُنی کبس پیوس یاد زِ تمہِ وِزِ کتھہٕ کٔنِز آس تٔمِس پیٹھ عارتہٕ دِلس کتھہٕ ؤُژھس دگ تٔہنٛدِ باپتھ۔

"اُف...... بیٚیہِ تمے خیالات...... ژٕہن یمن خیالن بلاے"۔

تس ہیٚژن نِند رِٹھولہٕ گژھنہِ۔ ووٗنی أٔسس نہٕ بدنس تھرٕ نہ اوُسس تفی۔ أتھی منٛز باسیوس کمبلہِ ٹٔلی کھوٚت کیٛہتام أہنٛدِس بدنس پیٹھ تہٕ لوٚگ اورٕ یورٕ کرنہِ۔ تٔمی کڈ ووٗٹھ۔ "گگر ما چھُ؟" أمِس آسی میزس پیٹھ ماژُک مُشک آمُت تہٕ آووأچھ منٛز نیرِتھ" تٔمی ہیوٚت گرم بستر تھوٚد تُلن مگر اتہِ باسیوس زنگن پیٹھ کیٛاہتام ووٚٹہٕ رارے کران یوسہٕ کھران أٔسس۔ تٔمی دِژ کمبل پاشا گرتھ أکِس کُن دأرِتھ۔ ووٗتھ تہٕ زأجن موم

بٔتی۔ وونی لوٗگ کوٗب کٔڈتھ بسترس سارنہٕ مگراتہٕ اوٗسُس نہٕ کہنی تہٕ۔ تٔمی وٕژ کمبلہٕ وِنن تہٕ امہِ منز پیوٚ ووپوٚٹھ لگُر پتھر۔ سیوادری ین ہیوٚت سُہ رٔٹُن مگر گگرلوٗگ بسترس پٔتھے اوٕر یور کرنہٕ۔ اوٚنگجو منزی ژوٗلُس نیرِ تھ تہٕ کھوٚتُس نرِ پٔٹھ۔ پتہٕ وٚتھ بسترس اندراتہٕ پٔٹھہٕ ژاو دوٚن تکین منز باگ۔ أمی وٕتی دوٚ شوے تکیہٕ بوٚن پتھرِس پٔٹھ دأرِتھ۔ أتھی منز باسیوس کیاہتام قمیضہٕ تٕلی سینس پٔٹھ پکان تہٕ ہری والہٕ پٔٹھی نالہٕ کنی کھسِتھ گردنی پٔٹھ پکان تہٕ ہیوٚتُن امہِ تہٕ ہیوٚ رکلس کُن پکُن۔ سیوادری گیلاف کھوٚژ۔ تس ژٔج کرٕکھ نیرِ تھ تہٕ أتھی ستی گوٚ وہُشیار۔

''کمہِ اوس قبرِ ہنٛدی پأٹھی گوٚٹ۔ تِمس أس کلہٕ شور کمبل برابر گوڈنکی پأٹھی۔ نیمہِ اوس تیز واو پکان تہٕ دارِبن تہٕ دروازن ٹھولہٕ کڈان۔

''توبہ......یتھ خوفناک منظر'' سوٗنچتھ وٚتھ تھوٚد تہٕ بیوٚٹھ کُرسی یہِ پٔٹھ دارِ کُن تھر گرِتھ۔

''میانہِ خیالہٕ چھُ ہُشیار روزُن بہتر۔ دارِ ترٛیوٚ کنی أسس تریوان تہٕ کھورٕ ستی أنِن کُرسیہِ پٔٹھ کمبل لُمتھ تہٕ وٕژِن پانس۔ سُہ اوس نہٕ کہنی تہٕ سونچان تہٕ نہٕ اوس سونچنُے یژھان۔ مگر تِمس أسی بے ربط، بے ترتیب تہٕ مبہم خیال گتہٕ گیوٚر گری گری یوان۔ یِمن کانٛہہ ہوٚٹ لوٚٹ اوس نہٕ۔ سرٕ دِہوا۔ انہِ گوٚٹ۔ کُھٹیگ بُسہٕ نیمرٕ ن لبن ہُنٛد مُشک تہٕ دارِ پٔتمن ستی کلہٕ ٹھاسوٚن واواوٚسُس جارِس أنٛتھ نبر کن گردش کرنہٕ باپتھ اُکساوان۔ مگر عجیب کتھ أس یہ زِ تِمس اوس أچھن تل پوٚشہ ون، اکھ خوبصورت باغ یتھ رنگا برنگ پوٚش تگہٕ تگہٕ پھٔلِتھ أسی۔ دوٚہہ اوس خوشگوار تہٕ تاپُل۔ زنتہٕ چھٹِیہ یاونو شأدی یا ننک ہُنٛد دوٚہہ اوس۔ باغس منز باگ أس انگریزی طرزٕچ اکھ عمارت یوٚسہ مُشک ژٹھہٕ ونو پوٚشوٗ ستی ڈٔلِتھ أس۔ ژوٗ شویواندو آسس خوبصورت پوٚشہٕ پتھر۔ پورچس آسہ ہی تھرِ کھأتِھ تہٕ اتھ أندی یکی تہٕ آسہ پوٚشہ ژادرٕ۔ وتہٕ تہٕ ہیرٕ پاوبن أسی ڈیزائن دار

قالین وہراؤِتھ تہٕ ہیر پاوٕن دُپاسے اُسی خوشبوٗنی تہٕ رنگا رنگ پوشہٕ مالہٕ تندلہٕ باسان۔ کوچھ ہنزن دارٕن یم گُلدان بہٕڈن پیٹھ اُسی تِمن اندر اُسی یمبرزل پوش یم ترانزِھہٕ وٕستھ ماتم کران باسان۔ سُہ دراو بادلِ ناخواستہٕ اتہٕ پیٹھٕ ورنڈاہس کُن یتہٕ پیٹھٕ نشت گاہس پیٹھ ووت اتہٕ تہٕ اُسی ساری ہے پوشے پوش۔ فرشس اوس مخمل ہیو نرم تہٕ تازٕ گاسہٕ وتھرُن۔ دارِ آسہٕ یلہٕ یمو کِنی تازٕ تہٕ ٹھنڈٕ ہوا اژان اوس۔ باغس اندر اُسی خوش آواز جانور چریو چریو گرِتھ امہٕ کِس حُسنس بیٚیہٕ ہن برٔزر کران۔ دارٕن ہندٕن دمن پیٹھ تہٕ اُسی بولبوش کرِوٕنی جانور بہتھ۔ کُٹھس سےٚ منزس اوس اکھ میز یتھ پیٹھ الماسنک میز پوش اوس۔ یتھ پیٹھ اکھ تابوت تھوتھ اوس۔ تابوتس اوس سفید ریشم تہٕ جالردار کپُر مرتھ۔ تابوتس اُسی ژوشوٗنی طرفن پوشہٕ مالہٕ تہٕ گُلدستہٕ اکہٕ خاص ترتیب سان تھاونہٕ آمتی۔ باسان اوس زن تہٕ سُہ تابوت پوشہٕ منزٕ لِس منز اوس۔ تابوتس اندر اُس بےٚ حد نفیس تہٕ زٲوِ لِس سفید ململ لباسس منز شیرتھ تہٕ پرِتھ کوٗرا پوشہٕ ڈیرس پیٹھ لر ترٲوِتھ۔ دوشوے اتھہٕ اُسِس سینس پیٹھ گنٛڈِتھ تہٕ باسان اوس سوچھےٚ دراصل سفید سنگ مرمُرک مجسمہ۔ ریشمہٕ پوٚٹ ہیو زیوٗٹھ مگر بےٚ ترتیب مس اوسُس اوٗ دُرتہٕ اُتھی اُدروِ وٕڈ پیٹھ اوسُس پوشن ہُند تاج۔ اوہند سفید تہٕ بےٚ روح بُتھ اوس سنگ مرمُرک بنوٗمُت باسان۔ اُہند بن وُٹھن پیٹھ اُس بےٚ پایاں تہٕ بلوغتچ پوزحتہٕ اسن گرائے زنتہٕ روزتہٕ گاہٕ مژ۔ یہٕ اسن گرائے اُس اکھ التجا، اکھ چخ تہٕ مانہ سو وطنز۔ سیوادری گیلافن پرٕزنآو یہٕ کوٗرتہٕ وُچھنس شانہٕ کِنی اُس نہٕ تس مریم تہٕ یسوع مسیح ہٕندی بُت تہٕ نہ آسس تابوتس موم بتے دزان۔ دُعایہٕ مغفرتک صداتہٕ اوس نہٕ کُنہِ گرھان۔ بےٚ کسی تہٕ بےٚ بسی اوس اتھ تابوتس نال وٕلمُت۔ سُہ اوس تس زانان تمہٕ اُس آبس وِوٹھ ژھٔنتھ خودکشی گرِمژ۔ وُنہٕ اُس فقط ژوداہ وٕرِش اما موصوم دِل پھٔٹمُت ہس۔ تمہٕ کوٗر پانی فنا کیٚازِ اڈٕ پھٔلِس گولابس کوٚرُکھ اُوروے ریزی کرتھ پرٕیریشٕن۔ اُمی سلوکن کوٗرا وہند روح

داغدار ییمہٕ کٔنہ یہ گیرٕس منز ہنہٕ آیہ۔فرشتن ہنز ہش أہنز پاکدامنی کرٕکھ وحشیانہ طریقہٕ اولوٕد۔یژھے یخ تہٕ گنٛجۍ راتھ تہٕ تتھے طوفأنی ہوا اوس وولیومٔت باسان تہٕ أتھی منز دژایہ امہٕ بےٚ بس تہٕ تکلیف دہ کژ یکھ مگر سو کژ یکھ یوسہٕ کُنہٕ تہٕ موہٕکی پأٹھی وہگلاوِ ہےٚ کٔمۍ بوٗزِس۔کس گوتمہٕ ستی کانہہ الگزار"۔

سیوادری گیلاف گو أتھی ستی بیدار سُہ وۄتھ تھوٚدتہٕ أوٚن دأریلہٕ۔ٹرِن یخ ہوا بگہٕ ژاو،أہندِس بتھس تہٕ سینس ولنہٕ ییٚنہٕ پتہٕ، کُٹھس اندر (سُہ اوس فقط کُرتنۍ لأگتھ) دارِ بوٚنی کٔنہ اوس واقعی اکھ باغ۔شاید اوس تفریح باغ۔باغس منز أسی میزتہٕ کُرسیہ لگتھ۔ باسان اوس دوہلہِ آسن اتہِ گُوٚن وأنۍ فنکار بأتھ گیوٚتھ اوریہٕ والین دِل رٔنز ناوان تہٕ میز آسہن چاےیا شراب چینہٕ خأطرٕ کامہ لاگان۔پنہٕ وٚتھرن پٹھ سمن وأنۍ روٗد قطرٕ آیہ گُنی واوِ گژایہ ستی أہندِس مستس تہٕ بتھس چھکنہٕ۔نیٚبرٕ أس موےخانٛچ ہش انہٕ گٹ ییٚمہٕ کٔنہ کینژھ وژھ پیوور أےکہنہٕ تہٕ بوزنہٕ اوس نہٕ یوان۔یِم أسی کُلۍ گنٛزٕ کس سالیس تل تھاونہٕ آمتۍ میز تہٕ کُرسیہٕ۔سیوادری گیلافن دُیت اتھہٕ دارِ دمس تہٕ الہٕ پلہٕ رٔود پانٛژن منٹن انہٕ گٹس منز شانکان۔أتھی منز گیہِ توپ چلاوٕنٛچ آواز۔ییٚمہٕ ستی سورُے ہُپہ ڈیٚلۍ ماحول چھلہٕ چھانگرِ گوٚو۔رژھ کھنڈ گژھی تھےگوٚدوٚیم توپ چلاونہٕ ینٛگ صدا۔یہ اوس سگنل کولہِ ہساچھُ آب تھدان۔سہلاب کس صورتس منز روٗ زِوحبہٕ۔تِمس آو یکدم خیال "صبحنس تام کڈٕ بوٚنی مین علاقن یُپ ژھٹ۔مکانہٕ تہٕ تہہ خانہٕ تہٕ زیرِ آب۔ تہہ خانن ہندی گگروائن لوکچن بالن ہنٛدی پأٹھی آبہ پیٹھی ژھاٹھ۔بوٚنی مین تہن اندر روزن وأنۍ کھالن سامان ہیوٚرتہٕ یو......مگر وُنہ کُٹھ بجےیہ؟"

اوہنٛد پأنی پانس یہ سوال پرٕ ژھی تھے گوکتہٕ تام کُلا کٕکین مہین ہُنٛد صدا کٔن"۔

"عفوترٕ ےچھےبجیمٕہ۔کنٛٹہٕ ڈوڈ کنٛٹہٕ گژھی تھے پھولہِ گاش۔تیٚلہِ کتھ چھس بو پژاران۔یو کیاز گژھہٕ نہٕ تیٚلہِ پارکہِ اندر تہٕ تتھس زرنٛدس تل بہمہٕ ییٚمہٕ کین پنہٕ

ؤتھرن پیٹھ روٹہٕ گاٮ۪تی ساسہٕ بدٕی تہٕ لچھہٕ بدٕی رُدِ قطرٕ مے آبہٕ سٕری کرن۔

تمٕی کٕر دٲر بند تہٕ میزس نِشہٕ موم بٔتی زاٚلِتھ لوٗگُن واسکٹ تہٕ تتھ پیٹھ کوٹ۔ ووڈِڈٕژن ہیٹ تہٕ موم بٔتی اتھس کنِتھ تُلتِھ دراو ورنڈاہس پیٹھ۔ سُہ اوس زچہٕ پلواٚگی مِتس ویٹرس ژھاران یُس کراے وغاٚرٕ دِیہٕ ہے۔ یتھ زن ہوٹلہٕ منٛز ٮ۪رتھ ہیکہٕ ہے۔ تِمس اُس پرٛژھ زِ سُہ آسہٕ موم بتِھن، بانن، بورٕن تہٕ یژھنے دٕو یمین رلہٕ ملہٕ چیزٕن ہٕنزٕن تندلن منٛز باگ کُنہِ جایہٕ کھر وکھ ماران۔

"وٕنی کبس چھُ رُت موقعہٕ۔ یمہٕ کھوتہٕ بہتر کُس آسہٕ بیٚاکھ موقعہ" تنگ وتاریک ورنڈاہس پیٹھ بژونٹھ گُن پکِتھ آو نہٕ تِمس اٚندی پکی سُہ کُنہِ تہٕ جایہٕ نظرٕ۔ کتہٕ سنا مؤدسہٕ ویٹر...... سونچانٕے ہنٛز ووٚکی تمٕی آلو کڈٕن زِ اٚکِس کوٗنس کُن پیٚیس نظر۔ ییٚتِتھ بچہٕ الماری تہٕ دروازس درمیان کیٚاہتام نپہٕ نپہٕ کرٕونی پلو گیٚنٛڈھ اٚس۔ یتھ کُن سیوادری گیلافن پٔتن سُہ اتھ پلنو ویتھ اندر موم بٔتی اٚسس۔ اتہٕ وُچھن اکھ کوٗرکوتھل موتھل کٕرتھ بہتھ تھرتھرِ ستی وٗری وٗری ودتھان۔ سواٚس نہٕ پاژٕ ژوٗرشہٕ کھوتہٕ زیادٕ یُس ناٚلی پلو فرشس پھش دنہٕ ینہٕ واجنہٕ فلالین تہٕ ژھہٕ ہوی تہٕ اٚدری اٚسی۔ سیوادری گیلاف وُچھِتھ کھوٗژ نہٕ سو بلکہ لُجس وژھواٚ چھوو ُچھنہٕ۔ تہنٛزٕ اٚچھی آسہٕ بجہٕ کزٕ بہنہٕ تہٕ خوبصورت۔ کورِ اٚسی ہکی کھسان تِمس ژٔری ہنٛدی پاٚٹھی یُس وٚدی وٚدی تھوٚ کمُت آسان چھُ۔ کورِ ہُند بُتھ اوس سفید گژھان۔ سواٚس واریاہ چھٕمِژ باسان تہٕ ترِ کٕنی اوسُس بدن زِنتہٕ شِٹھتھ گومُت۔ یہٕ کتھہٕ سنا گٕنی واٚژیوٚ تتھ؟ یہٕ آسی ژوٗر ہیتھ یور گن۔ راتس کتہٕ آسبس بچارِ ہندٕ راٚمرٕ۔ سیوادری گیلافن گٕرنس سوالن پیٹھ سوال۔ کورِ زِنتہٕ شِٹھے مِتس بدنس نو وزٕ وپھیٚوٗر۔ اڈٕ کجہٕ زباٚنی وونُس تمہٕ واریاہ کینٛہہ مگر تمہٕ منٛز ترٕی سیوادری گیلافس گٕژ تام لفظے فکرِ مٕگن "ماج ماربم" "پیالہٕ پھٕٹُم" "اتھہٕ منٛز پیوم وٚسی" سیوادری گیلاف لوٗگ سونچنہٕ یہٕ چھے شاید ماٚلِس ماجہِ نِشہٕ راٚومُژ۔ لول چھس نہٕ بران۔ پیالہٕ پھٔٹس تہٕ کوٗرِ ہس دگہٕ مار۔

پتہٕ کیا گیو و۔ بچارٕ خبر کتنتھ آسہِ ہے گوڈٕ باغس منزٕ رٕ دس اندر بہتھ تہٕ وونی چھے یورتھ بیتھ ژُوٕ ررٕ زِتھ۔ سیوادری گیلافن پلنوٗس اتھ تہٕ تھوٚ دُتُلتھ رٕٹن وَچھس ستی تہٕ اٗنن پننس کمرس اندر۔ سو ترٕ اوٗن چارپایہِ پیٹھ۔ پلوکڈی نس نبر۔ بوٗٹ کوٚ ڈنس یُس ژھیوٚ نمُت اوس یُس امہِ موزٕ ورائی لوگمُت اوس۔ کھور اٗسس نُنہٕ پھٕلی ہی گاٗمتی۔ وارٕ وارٕ ترٕ اوٗن بسترس پیٹھ تو ہند نتھہٕ نوٚن سردیخ بدن تھووٗن کملہِ وٗلتھ۔ کورِ کھٔو یکدم نٮ۪ندر۔ ''امہِ پتے گوسہ بیٚیہِ خیالن منزٕ ڈُبتھ۔

''عفو......بو کرٕ ھ حماقژ چھُس کران'' بو چھُس خوامخواہ وکھضایہ کران۔ ژٕ کوٚر بیٚیہِ ویٹر ژھاٗرِتھ تس کراے حوالہٕ کرِتھ فورأ نیرنک فاٗصلہٕ ''مگر اٗمس کورِ بچارِ کیا بنہٕ؟''

''جہنمس گژھی تن مےٚ کیا؟'' ژٕ سوٗنچ کھٹیگ درواز منزٕ راٗوِتھ۔ مگر سُہ پھیوٚر درواز پیٹھے بیٚیہِ واپس، یہِ وُچھنہٕ زِ سو کوٗ رشوٚ نجا کنہٕ نہ۔ ژٕ تُج ژٕمس کمبل بُتھہِ پیٹھہٕ تہٕ وُچھن سوچھےٚ منزٕ نٮ۪ندرِ۔ بدنس چھُس وُشنیر پھیوٗ رمُت تہٕ روخن ووزٕ جار۔ مگر تعجب گوس یہ وُچھِتھ زِ تہند بن روخسارن اوس نہٕ سُہ رنگ یُس عموماً شُر بن آسان چھُ۔ یتھ اٗسی معصومیتُک گولاٗبی رنگ ونان چھِ۔ اٗہندِس بُتھس پیٹھ اوس فحش قسمُک ووزُل رنگ۔

''اٗمس چھُ دراصل تف'' سیوادری گیلافن سوٗنچ۔

مگر یہِ زن چھُ شرابُک خمار باسان زنتہٕ امہِ کورِ مکمل شراب گلاسہٕ گیگہِ بون وولُمُت چھُ۔ اٗہندی وُٹھ چھی نارٕ تیٚنگل ہی باسان۔ مگر یہِ کیا؟ سیوادری گیلافس باسیو زنتہٕ اٗہنزٕ کرٕ بہنہِ تہٕ وتچھہِ اٗچھ ووٹرارے کران چھ۔ وارٕ وارٕ آیہِ اٗچھ منزٕ راونہٕ تہٕ باسان اوس اٗ کھتھ نٮ۪ندر اٗسن لاٗجمژ تہٕ ٹھیک بازاٗری زنانن ہندی پاٗٹھی کرٕن سیوادری گیلافس اٗچھ ناٹ۔ زنتہٕ سو اوٕ تام ٹٔھی نٮ۪ندر لاگان اٗس ......اہنسا......سوے چھےٚ کتھ ......ووزلی نارھوی تہٕندی وُٹھ لگی اسنگی کوسم ہرنہِ......پرٕ اژن اٗسس تھترارے زنتہٕ اُسن کھٹنچ کوٗشش کران اٗس۔ مگر تمہِ ترٕ ووٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اُسن۔ واقعی اٗس سو یتھہِ کٔنی

أسان زنتہٕ توہنٛد بُتھ کأنٛسہِ شُری سُنٛد نہ بلکہِ شہوأنی خأہشہِ ہُنٛد انتہأیی شرمناک تہٕ اشتعال انگیز اشتہار اوس۔ یہِ اوس أکِس سیاہ کارنہِ ہنٛد بےٚ شرم بُتھ باسان۔ أکِس گانہِ ہُنٛد بےٚ حیا بُتھ یتھ پیٹھ تہنٛزِ سیاہ کأری ہنٛز داستان کھٔنتھ أس۔ ووٚنی آسہٕ تہنٛزِ دوشوے أچھ وَژھے یمہٕ ہوس نأکی سببہٕ زوتان آسہٕ تہٕ نفسأنی خأہشہِ اندر مست آسہٕ۔ تمِس أس بتھِس نحوست پژ یڈان۔

''ہتہ ...... یےٚ چھےٚ وُنہِ پانٛژہٕ وٕرشی۔ سیوادری گیلافن تژ ووکنوٕ کنٕی نار۔ کنہٕ پھٕژ گیس ووزجہِ۔ اڈ تام أس سووُتنہِ شوٚنگتھ۔ سیوادری گیلاف اوس أہنٛز بےحیأیہ کنٕی ترٛہن تہٕ ترٛوٚہن...... یہِ کیاہ...... سیوادری گیلاف اوس امہِ کِس ژٕکِس تل واتُن ژھان۔ یہِ کیاہ ذٕلیل چھ أخر؟ سُہ لوٚگ ووٕ رشوٕ رونہِ۔ یہِ ہیکہِ نہٕ بنٕژ تھےٚ۔ مےٚ نے چھٕنہٕ کہنی پلہِ پیوان۔ کورِدیُت سیوادری گیلافس کُن لرِ پھرن۔ توہنٛد بُتھ اوس جذباتن ہنٛدِ شدتہٕ ستی نارٕ بزٕ بہہِ ژھٹان۔ تمہِ پلناوِوُٹھ گُمنأوِتھ پننہِ دوشوے زِ سیوادری گیلافس کُن زنتہٕ ونان أسِس ''وولہٕ ...... یِوان کونہٕ چھُکھ؟'' سیوادری گیلافس ژٕج کرٛ بکھ نیرتھ۔ تمِ تیتھےٚ أمِس کورِ کشِ کڈِتھ تھاپر لایِنہٕ بایتھ اتھہِ تھوٚ ڈتُل تیتھےٚ گوسُہ ہُشیار۔

سُہ اوس تتھی تنگ وتاریک کُٹھِس منٛز تتھی مکرِس بسترس پیٹھ تہٕ تتھی کمبلہِ تل۔ موم بتی أس ژھٹہٕ گرٕی تھےٚ تہٕ صبح پھوٚلتھ آسہٕ گاشہِ زٕ ژٕ بندارِ ہنٛز وترٛیوٕ کنٕی کُٹھِس وونت وُچھان۔

''ہے یو تے چھس خوفناک تہٕ وولہٕ دولہٕ خواب وُچھان۔ توبہ یہِ کیُتھ وبھت خواب اوس۔''

تمِس اوس شرارتہٕ ستی سأری ہے بدنس لرزٕ ژامُت۔ رُمس رُمس اوسُس زِن نون تیلان بند بند اوسُس زنتہٕ دادِ ستی پھٹمُت باسان۔ تمِس اوس باسان زنتہٕ گمی تام کنٛزِس منٛز ژیٹھ دِتھ برٕبکِس کوٚرمُت اوسُس۔ وُنلہ نیوسأری ہے نال وٕلتھ یتھ زِ

انسان اوسنہٕ ژورقدم دۄرتہِ کینٛہہ وُچھتھ ہہکان۔ سُہ گو پأنی پانس یۄت ژیرتام شونگنس پێٹھ بیزار۔ تٔمِس گو افسوس زِ وکھ چھُ اتھہٕ منٛز ژلان تہٕ یکدم ترٛ وۄن واسکٹ ٹالی تہٕ اتھ پێٹھ کوٹ تہِ۔ دۄ شوے پلوٲ ٲسِس اڈری آب ہوی۔ کوٹہٕ چندن اتھہٕ ترٲوِتھ کۆڈُن اَکِہ منٛزٕ پستول نبر تہٕ بیٛوٹھ۔ دۄیمہِ چندٕ منٛز کڈُن اکھ ڈائری تہٕ اتھ لیکھٕنۍ وٕیٹھہِ خط کینٛہہ حرف۔ یہِ عبارت پھِری پھِری پرٕنہٕ پتہٕ دِتِن کھونہٕ وٹ میزس تہٕ اتھن دون منٛز کلہٕ رٹِتھ لۆگ کیٛاہتام سونچنہِ۔ پستول تہٕ ڈائری ٲس میزس پێٹھ پرٛا۔ پلیٹس منٛز پرٛا اپیٛا یمتِس مازس آسہٕ مچھہِ گتہٕ گیوٚرکران۔ مُچھن ہنٛدِ گس ئِکس ئتی گوٚ سُہ بیدار تہٕ ہێژٕن آے کرِتھ کھوورِ اتھہٕ ئتی رٹنہِ مگر واریاہس وقتس یہِ تماشہِ کرنہٕ باوجود تہِ ہیوٚکنہٕ اکھ مچھ تہِ موچھہِ منٛز رٹِتھ۔ أتھی منٛز زنتہٕ کیٛاہتام یاد پیوس تہٕ یکدم بیدار گژھتھ وۄتھ تھوٚد۔ بتھِس پێٹھ سنٛبھٲلِتھ بردباری تہٕ سنجیدگی ہنٛدی آثار وۄتلاوِتھ دراو نبر تہٕ اکھ منٹ گژھی تھپے اوس سڑکہِ پێٹھ۔ پوٚرٕ شہرس اوس سفید وُنلہِ نال وۄلُمت۔ سیوادری گیلاف لۆگ پرٛ پێٹھی شہرُن پکنہِ۔ تصورس منٛز اوسُس کولہِ ہُند کھسٕہ وُن یُپ...... پیٹرو سکی رُدئری وَتھ...... چھلنہٕ آمتی کلہٕ تہٕ زرنٛڈ...... تصورس منٛز وۄتلیوس تمہِ زرنٛڈک باڈو ییمہِ کمن پنہٕ وُٹھرن ساسہٕ بٔدی تہٕ لچھہِ بٔدی رُدقطرٕ پێٹھن پێٹھ آویزان آسن تہٕ اکہِ زیرٕ ئتیٚ وٕسی پیٛیہِ ہن۔ خبر أمِس کیٛا نقہت گیہِ یہِ لۆگ بیٛا کھے خیالا۔ یتھ عمارژن ہُن وُچھنہِ۔ سڑک ٲس وٲرٲنی ہُندنوٚن ثبوت زُوتہٕ زانپن اوس نہٕ پکان۔ ٹانگہٕ پکنک اوس نہٕ سوالے۔ زرد دیوارن تہٕ لوکٹین لوکٹین مکانن زنتہٕ نحوست پرٛیڈان ٲسی۔ غمن زنتہٕ زالس منٛز گیرکری ئتی ٲسی۔ أتھی منٛز گوس احساس زِ ترچھم بدنہٕ کمن ییلہٕ انگن پان آلوان تہٕ أڈی جبین أمِس ترِتھ گژھان۔ تٔمِس وُژھ تھرتھرٕ۔ سُہ اوس پرٛ بتھ دُکانس برٛونٹھہٕ کنہِ اِستادٕ گوٚژھتھ امیگ بورڈ اندٕ پێٹھٕ أخرس تام پران تہٕ اِدٕ برٛونٹھ ہُن پکان۔ أتھی منٛز ووت سُہ پترٕ ہنٛدِس أخری ہرس پێٹھ ییتہٕ أمِس اکھ کمنٕ ہنٛز بٔڈ عمارت نظرٕ

گیہ۔ لتہِ اوس اکھ کرٛہُن ہوٗن تیٚمِس ربہٕ ستۍ لیُتھ گوٗمُت اوس۔ سیوادری گیلافن ڈِژاورِ یور نظراہ تہٕ تُلن بڑ وٹھ کُن قدم۔ لتہِ آلیس تھد بن ہینارن ہٕنزا اکھ عمارت لبنہٕ۔

''آ...... ہا''، تمِس ژٕج خوش گرٛھتھ کُنی کرٛبکھ نیرِ تھ۔ یِہ چھےٚ مُناسب جاے۔ پیٹراوسکی اندر واتنُک کیٛا حاجت چھُ؟''

خأرِیتہٕ میلہِ توتہٕ اکھ سرکأرۍ گواہ۔ حالانکہ پوٗ زٕ ے مانوتہٕ گواہ سُند چھنہٕ حاجتھے یہ چھُ معاملے تیتھے''۔

امہِ خیالہٕ آو تمِس پأنی پانے اُسن تہٕ أتھی منٛز ووت سڑکہِ پیٹھ تہٕ لوٗگ ہینار واجنہِ عمارژ کُن پکنہٕ۔ حویلہ اوس سبٹھے شاندار شسترِ گیٹ۔ گیٹ اوس بند۔ أکِس لِنڈس پیٹھ اوس اکھ وردی پوش فلمی ہیروٕ سنٛز ہش شستر ٹوپی کلس دِتھ اِستادٕ۔ تمۍ اوس پان شسترِ گیٹس ستۍ ترٛ وومُت۔ بندرِ أچھو ترٛ أو تمۍ سیوادری گیلافس نظراہ۔ تھندِس وجودس اوس تُند مزأجی تہٕ ووٚدأسی ہُند گلٹھ گرِتھ باسان یُس تقریباًپرٛ بتھ یہوٗ دس بلا تفریق نوٗن چھُ۔ تم دوٚ شوے یعنی سیوادری گیلاف تہٕ فلمی ہیرورٕ دۍ کینژن منٹن اکھ أکِس کُن ذٕری پأٹھی وُچھان۔ یکدم آو فلمی ہیرو ہس خیال زِ شاید چھُ کُستام شرابکِس نشس اندر۔ مگر کینٛہہ قدم دوٗرأہنٛز ن نظرن ستۍ نظر ملأوِتھ أمِس وُچھن باسیوس غأر مناسب تہٕ ہتکھ آمیز تہٕ۔

''کیٛا گرٛھی ہے''پننہِ جایہِ نِشہِ اکھ رژھ تہٕ نہ ہلتھ پرٛژھُس تمۍ۔ ''رکھنۍ نہ میانہِ یارِ۔ میأنی سلاما کر قبول''۔ سیوادری گیلافن وُنُس۔ ''یہِ چھنہٕ سراے ورأے کینٛہہ ''بوٗزتھہٕ؟''

ہے مےٚ چھُ پانس پردیس گرٛھُن۔

''پردیس؟''

''آ''

''کوٗت؟''

''امریکہ''

''امریکا؟''

سیوادری گیلافن کوٚ ڈچتھ مٔنز پستول تہٕ چاٲنس گر۔ فلمی ہیرون کڈ دوٚٹھ۔

''ہے جنابو یہِ کیا مسخٔرلی چھُکھ کران'' یہِ چھُنہٕ مذاق کرنُک وَکھ یا مقام''۔

''کیازِ چھُنہٕ؟''

''ہے وۄنُے ناکہِ پھِرِ ییِٚتھ نہ یہِ مذاق''۔

''مذاق کرنُک مقام چھا کنہٕ نہ مےٚ چھُنہٕ تتھ ستی۔ کہنی یہِ چھُ معاملے تیُٚتھے''۔

''مےٚ باسے یہِ یہِ جاے مُناسب تہٕ بس۔ خاٲر اگرے کانٛہہ میون پرٛژھی ڈیٖپی زبکھ۔ مےٚ اوٚس ونان امریکہ چھم گژھُن''۔

یی ونان ونان تھاوٚ سیوادری گیلافن پستولہِ نٔلی پننہِ ڈٔچھنہِ مینگہِ ییٚٹھ۔ ''ہے ہے یہِ کیا چھُکھ کران؟ ژےٚ وۄنُے نا مےٚ یہِ جاے چھنہٕ امہِ باپتھ۔ ژٕ کتھ لوٚگکھ ییٚتھی جایہِ بلایہِ''، فلمی ہیرون وۄنُس حاٲرٲنی اندر۔ تس درلیہِ اٲچھی کھاسبن ہندی پاٲٹھی نبر۔ مگر سیوادری گیلافن دبو یا شاگرتھ ژٕ گرز ورسان۔



# (۷)

تمی دوہہ اوس شامنس یُہے شێیہ بجہِ ہیوٚ رَاسکولنکاف پننہِ ماجہِ تہٕ بینہِ ہِنٛدِس کمرس کُن گژھان۔ ووٚنی آسہٕ تمہٕ بقالیفنس مکانس منٛز روزان بینہٕ رازوٚ منہنن تہندِ باپتھ اکھ اصل کمرٕ کرایہِ پیٹھ رٹمُت اوس۔ فلیٹس تام واتنچ ہیر اَس سڑکہ پٹھے کھسان۔ ہیر نِشہِ واتتھ آو یکدم رَاسکولنکافنہ تیز رفتاری اندر سوژ رزنہٕ سونچان اوس گژھا کنہٕ نہ۔ مگر ووٚنی ہیکہِ ہے نہٕ دُنیا، ملک، کانٛہہ تہِ طاقت تہندی قدم پتھ رٹتھ۔ تِمۍ اوس پوٚختہٕ فأصلہٕ کوٚرمُت۔

رٕدن تہٕ ربہٕ سِتۍ اوس تِمس لیُتھ گومُت۔ پلون آسس ریٚنچہٕ گمٕژ سخ اوس تھوٚکمُت تہٕ حلیہٕ کنۍ اوس أنہِ بیچھِ موٚت باسان۔

''مے کیٛاہ کرن''، سوٚنچتھ دیُت رَاسکولنکافن دروازس ٹھک۔ ماجہِ موٚرووٚنس درواز۔ دوٚنیہ اَس نہٕ گرٕ۔ کامہِ موٚہنیوٚ تہٕ اوس نہٕ اتہِ کانٛہہ۔ پلشیر یہ یعنی تہنٛز ماجہِ پھوچہٕ بوٚقہٕ سہٕ وُچھِتھ۔ حأرأنی تہٕ خوشی ہنٛد بن ملہِ مشہِ جذباتن ہنٛدِس سہلابس منٛز اَس نہٕ سو اکھ لفظتہِ زیوٚ ہکان کڈِتھ۔ بڑزِس کھنٛڈس تس پننہِ نظرِ آلوتھ ژونُن چھیکرس سُہ نِرتھ گرِتھ کُٹھس اندر۔

''توتہِ آکھ میانہِ گوٚبرٕ پلشیر یہ ووٚنُس خوش گژھتھ مگر اوٚش بکہٕ اَسس یوان ''ینہ شرارتھ کھسی گوٚبرٕ۔ دِکھ بوٚ آس تہٕ یہ پیٛٹھم اوٚش ہارنہٕ۔ دراصل چھم اوٚش چانہٕ وتہٕ چھلنہٕ موکھہٕ ہران۔ یہ چھ خوشی ہُند اوٚش۔ دِپان ما آسکھ أمس کیٛا گوٚ دیہ چھے وَدان۔ میانہٕ گوٚبرٕ۔ بوٚ کیٛا ونے وُنی کبس کأژاہ خوش چھس۔ چانہٕ ینہ ووٚ گنیم شان ووٚنی اتھ کیٛا

کرِ مےٚ چھُ کتھِ پٹھ اوٚش وسان ۔ دراصل چھےٚ مےٚ یہِ حالت چاٛنس مأکی ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ پٹھہٕ گژھان ۔ یہِ چھُ معیوبی باسان مگر ووٚنی کیا کرِاتھ ۔ ڈیٛھ ژِ یہِ چھُ مےٚ ووٚنی عادٕتھے ......بہہ......گوٚبرٕ......ژِ چھُکھ سخ تھوٚ کمُت باسان......اُف یہ کیا پلوچھی ژٕےٚ أدری آب ہوی......ژٕےٚ چھے رب تالہِ تام کھٔرٕ مژ۔

''اہنی موجی......راتھ اوسُس رٕ دس منز پکان تہٕ......''

''نا گوٚبراہ......بوٚنا چھسے نہٕ ژٕےٚ صفأیی دِنہٕ باپتھ ونان'' تمہٕنز کتھ ژٕٹتھ ووٚن تمہِ ''دراصل چھُ میٛنہِ باقی بجن ہنٛدی پأٹھی ووٚنی جرح کرنُک عادت گومُت ۔ مگر یتہِ ونے گوٚبرٕ ووٚنی ہیوٚتُن مےٚ ییٚتیٚک لسنہٕ بسنُک طریقہٕ تہِ فکرِ ترُن ۔ ییٚتیٚکی طور طریقہِ چھُ سانہِ مقابلہِ بدرجہا بہتر ۔ ییٚتیٚک چھُ طور طریقے بیوٚن تہٕ میٛانہِ خأطرٕ چھُ یہِ سمجھنُ مُشکل اوے چھُم فأصلہِ کوٚرمُت ییٚتی چِھ اتھ نِہج نسبتھ آسے نہٕ ژٕےٚ کہنی تہٕ پرٕ ژھان کیاز خداے چھُ زانان زِ چاٛنی منصوبہٕ تہٕ خیال کیا چھِ ۔ لہذا گوٚتھی سوال گٔرتھ ژِ پریشان کرُن ہُکی حماقت......توبا......میٛانہِ خدایہ......وُچھتہٕ مےٚ چھے خبر کیاڈلیل گأمژ ۔ وُچھ یوٚ چھس پاگلہٕ ہنٛدی پأٹھی کتھس ہورٕ یور کران ۔ روٚڈیا......چون مضمون پوٚرمےٚ دوٚیہ ترٛیہ پھِرٕ ۔ رازوٚ منہٕ نِن اوٚن کتہِ تام ۔ ترٛیہ پھِرٕ پرٕتھ تہٕ ترٛمہٕ نہٕ کینٛہہ کتھِ فکرِ ۔ خأرگجا اکھ ادیب تہٕ گجا بوا کھ پڈ ۔ پرٛانہِ پرٕژ زنانہ ۔ بوٚ کتہِ ہیکہٕ سمجِتھ؟''

''تلے......موج سُہ مضمون ہا وٕمےٚ''۔

رٛاسکولنِ کافن روٚٹ سُہ مضمون تہٕ لوٚگ پرنہِ ۔ مگرٕ ژ ترٛےٚ سٔطرٕ پٔرتھے آو تمِس أندریم کژ یکھر ووٚ تِلتھ ۔ دلہٕ ڈبراے تیز بیس ۔ ووٚدأسی یہِ ووٚلنس نال ۔ ییٚتھ اندرونی طلوٚطمس منز سُہ ہبنہٕ آمُت اوس یاد پتھ ییٚمہِ کٔنی پٛیٚم ترٛےٚ ژوٚررتھ سخ پریشان ووٚتس دِژ تمِی مضموٚنچ کاپی أکِس کُن دأرِتھ ۔

''روٚڈیا......نظرِ بد نشہِ رٔچھی نے......میٛأنی بیقل راے تہِ چھِ یی زِ ژ بنکھ

سبٹھاہ بۆڈ ادیب۔ حالانکہ ژٕ ے آسی نہٕ شاید مولوم کینٛہہ لۄکھ چھی ژٕ ے وُنی کبس پاگل زانان مگر تِم کھمن پۆ یہ ییلہِ ژٕ کاڈ کڈ کھ تہٕ وُنی کبس چھی نہٕ تِم ژٕ ے دراصل سمجھتھے ہبکان۔ گوڈٕ کیا ونو دۄنیا ہِش چالاک تہٕ قابل کۄرتہ چھے ژٕ ے یِمنے لۄکن ہٕنٛز گِیجہٕ گنڈان۔ اتھ کیاہ ونو؟ چأنی مالی ییلہِ گوڈٕ گوڈٕ ژٕ ترٕ ے نظمہٕ لیٚچھہِ تہٕ سوزن کینٛژن اخبارٕ والین چھپاونہٕ باپتھ ناول اکھ تہِ سۄزنکھ۔ أسی أسی رالتس دوہس دُعا منگان زِ پبلشر گۆژھ یِمہٕ نظمہٕ تہٕ ناول چھاپُن مگر کتہِ یِمن پبلشرن چھِ پنٕنی مفاد آسان۔ تِموخود غرضو کۆر چھاپنہٕ نِشہِ صاف اَنکار۔ اَزروُن بٔیہِ نہٕ کینٛہہ۔ تی چھِ یِم وُنی کبس ژٕ ے ستی کران۔ ژٕ مو برغم ژٕ روز لکھان پننہِ عقلہِ تہٕ قابلیتہٕ ستی واتکھ ژٕ سبٹھہے تھزرس پیٹھ۔ چأنی دُشمن پین دٕ زِتھ پتھر۔

"دۄنیا چھے نے ییتہِ؟"

"ناگۆبرا! خبرہا پتٕی موٕ کینٛژ ودوہو پیٹھہٕ کیاز ن ہوُن تس۔ زن ژاس جن پڑگژ۔ سو چھے مے گُنی زنہِ ترٕ اۆتھ ژلان۔ گرٕ ہان کۆت چھے تہِ چھنہٕ ونأنی۔ رَاز وُ منہمن تہِ چھُ یور یِوان۔ بچور کۆتاہ رُت لڑکہٕ چھُ۔ ییلہِ ییلہِ یِوان چھُ چانے کتھہٕ چھُ کران۔ تِمُس کأژاہ کل چھے چأنی بو چھبس دپان یارے أسی زتہٕ تیتھے۔ بو چھبس نہٕ شکایت کران زِ دۄنیا کیا چھے ڈٕلی ترٕ او۔ سو چھے بالغ۔ پننہِ مرضیہِ ہٕنٛز مأ لک تیتھہٕ گُنی بو پننہِ مرضیہِ ہٕنٛز مأ لک چھس ووُنی گۆ و باسان چھُم پتٕی موٕ کینٛژ ودوہو پیٹھہٕ چھے کیاہتام رازللہٕ ناوان مے نِشہِ چھے نہٕ افشاء کران حالانکہ مے چھنہٕ تو ہہِ دوشوٕنی نِشہِ کینٛہہ تہِ ژۄ رِتھو وُمت۔ مے چھُ یتہِ پتاہ زِ دۄنیا چھے واریاہ ذہین کورِہن تہٕ چون چھُس حدٕ کھوتہٕ زیادٕ سرٛ بہہ۔ مگر مے چھُنہٕ فکری تران سو کیاز ِچھے ازکل أکی سے زنگہِ پیٹھ رۄ زِتھ دِو دِو کران۔ سو چھے سخ پریشان۔ خدا ایس علم کیاز۔ بو گٔیس امہِ موجب تہِ خوش زِ ژٕ آکھ بو أسس ہتہِ پایہٕ وٕستھ گرٕ ہان ووُنی وُچھمکھنا ژٕ تہٕ دِل بیٛو ژھُم

ڈنجہِ۔ مےٚ ژٲج ساریٚ پریشانی۔ وونی گوٚو پھیران چھُم بینہِ ستی گوٚے نہٕ ملاقات وونی گوٚو تِتھے ییہِ بۄ ونس مےٚ اوس پنُن دِلہِ جگر گوٚبرٕ آمُت۔ ژٕ کتہِ اٚسکھ ژھاران اوسُے۔ مگر وونی ینہٕ ژٕ ترٛاوٕہم۔ تِتھے فرصت آسی یِوان پننہِ ماجہِ اٚسی زِ خبر ہوان۔ بۄ چھسے اٚچھی پتنہ گرٛشِھتھ ژےٚ وُچھان تہٕ پرٛاران آسان۔ مےٚ چھُ پۄرٕ پتاہ ژےٚ کرٛاہ ٹاٹھ چھسے بۄ۔ ہرگاہ کُنہِ وِزِ فرصت آسی نہٕ تہٕ یکھ نہٕ...... مےٚ آسہِ نہٕ توتہِ کانٛہہ شکایت۔ گوٚبرٕ وونی گوٚو اولاددود چھُ بندٕرتہٕ نہہ گالان۔ بۄ آسہٕ چائٛی لیکھمِتی مضمون پران تہٕ تمن ہنٛدی تاریف بۄزِتھ آسم شان ووگنان۔ یلہِ ژےٚ فرصت ییی ژٕ واتکھ پانے مےٚ نشہِ تِچ چھم پۄرٕ پرٛژھ۔ تتھہِ کنٛی اٚکیا ازا آکھ تہٕ مےٚ کھرٛ وٲنج ہیوٚر۔ پھوٚر شہلیوم۔" تہٕ پلشیر یانٛج اوٗش ہارنہِ۔ "وُچھتہٕ مےٚ ہیوٚت بیٚیہِ وُدن۔ تُل ژٕ سٕنٛز زِنہٕ اتھ۔ دراصل چھس بۄ وونی سرہ ٹھکیمٕ ...... توبا...... میانہِ خدایہ مےٚ کوتاہ بکواس چھُ لاریومُت" سو گیہِ یکدم تھوٚد وٕتِھتھ وُچھ مےٚ ما وۄنمے ژےٚ کافی ماچبکھ حالانکہ کافی چھم تیار۔ بجرس منٛز چھےٚ ٹنگہٕ زن ڈلان تہٕ بس پننی فکراہ روزان۔ بہہ ژٕ بوتارے اپارِ ژےٚ رکرٛھ کافی"۔

"نارے موجی...... ژٕ بہہ...... موٚ دِپانس تکلیف...... زن آس کافی چینہِ یورٕ۔ بۄ نیرے وونی البتہٕ موج ژٕ بوزمیانٛی کتھ غورٕ سان بۄ کیا چھسے ژےٚ وَنُن یژھان"۔

پلشیر یارٕ زنیچِوس برٛ ونٹھہٕ کنہِ اِستادٕ۔

"موجی کینٛہہ تہِ زن گرٛشھِ۔ ژٕ زن بوزکھ مےٚ مُتلق کانٛہہ تہِ کو خبر۔ ژٕ برکھ مےٚ توتہِ تِتھے کنٛی لول" رَاسکولنکافن نیوٚس جذباتن ہنٛز گتہِ منٛز وٕنتھ۔

"اٚنجی یو موج...... میانہِ گوٚبرو، کہوڈ لیل؟ یہِ سوال کیا زِ پرٛژھتھ؟ ژےٚ مُتلق کُس کیا ونہِ؟ تہِ اٚرِتھ یُس یہِ ونہِ تہٕ تہٕ میانہِ اٚچھ گاشہِ بۄ کرالگہٕ کتھن پبٹھ پرٛژھ۔

"موجی...... بۄ آس دراصل وُنی کبس ژےٚ یہِ ونہٕ باپتھ زِ ژٕ اٚسکھ، آسکھ تہِ چھکھ تہِ مےٚ پننہِ زُوِ کھوتہٕ ٹاٹھ" رَاسکولنکافن وۆن بیٚیہِ زنتہٕ بےٚ اختیار سپدِتھ۔ بۄ

چھس خوش وُنی کیٚبس چھِ اَسی زٕ ے ییتہٕ، دُنیاتہٕ چھےٚ نہٕ حالانکہ سو مااُس وو پرتہٕ گرِتھ آواسہِ ماجہِ پٲتھرن کتھ کرنس وار۔ ژھوٚٹۍ پاٹھی وونے ژےٚ چھےٚ شاید یہِ رائے زِ چھون نچہِ چھُ دِلہٕ دوٗر، تہٕ چھُ بالکل غلط بلکہِ چھُم رُم رُم چانہِ لولہٕ بٔرتھ تہٕ آخری شاہس تام روزے پان آلوان۔ بس یہے غلط فہمی دوٗر کرنہٕ آس وُنی کیٚبس یور"۔

پلشیر یایہِ روٗٹ رَاسکولنکاف چیرِ سان وَچھس ستی تہٕ اُچھ ودنہٕ۔

"گوٚبرِ مےٚ چھُنہٕ فکر تران معاملہٕ کیٛاچھُ مگر فکرِ چھُم تران کیٛاہتام ذٔلیل چھےٚ یمہٕ کنی ژ پریشان چھکھ تہٕ یژھہٕ کتھ کرنس پتھ مجبور گوکھ۔ مےٚ اوس برونہہ امیٚک اندازٕ گومُت، معأفی دی زبم گوٚبرِ یو چھس تتھہٕ کنی کتھہٕ کران، مےٚ اوس یزی باسان ژ چھکھ شاید اسہِ نشہِ دوٗل دِنان مگر وونی تو رُم فکرِ کیٛاہتام چھُ سپدن وول تہٕ اَمی غمن چھکھ آوِ رووُمت ۔مےٚ چھےٚ نہٕ اوترِ پیٹھہٕ رأ ژہنٛدِس اَکس بزنِس تہٕ اُچھی پیٹھ اُچھی گوٚھان۔ یو اَسس دُنیاہس ستی تہٕ نِند رِ منز کیٛاہتام کتھ کران۔ دوہپن مےٚ دِژ وو کن مگر فکرِ تو رُم نہٕ کہنی۔ از اوسُم دِلس صُبحہٕ پیٹھے بار باسان۔ دپان اَسس خأرِ ے گوٚژھ آسُن۔ باسان اوسُم زنتہٕ شوٚژھِ پھاسہِ کھالن وأنۍ چھ۔ ژ کوٚت دراکھ؟

روٗڈیا...... ژ کوٚت دراکھ؟ گرٕ چھُن چھیا کُن؟

"آ...... مےٚ چھُ وارہ دوٗر گرٕ چھُن!"

"میٛانہِ خدایہ...... رأچھی کرس...... گوٚبرِ امہِ کےٚ اوسُم خدشہٕ۔ تلہٕ ساونتہٕ تیلہِ یموٚ وے اَسی دو شوے ستی یوتہِ تہٕ دُنیاتہٕ۔ تس چھکھ ژٕ پننہٕ زوٗ کھوتہٕ زیادٕ ٹوٹھ۔ اگرے ژٕ یژھکھ سونیاتہِ تکون ستی۔ یتھ منز ژٕ خوش روزکھ تتھی منز چھےٚ میٛانۍ تہٕ خوشی۔ وَن تیلہٕ کرِ رَازوٚ منہن اسہِ سارنے خأطرِ انتظام ژےٚ ستی ینہٕ باپتھ۔ ہتا ژٕ ہے ژوٗلکھ۔ کوٚت تو دراکھ؟"۔

"خداحافظ...... موج...... خدائے گرِی نے رأچھ"

''ژٕ کہو چھُکھ یہٕ کران؟ أزی ما چھُکھ'' تس ژٕج کرِتھ نیرِتھ زنتہٕ راسکولنکاف وُمبرِ پیٹھ ژھینہٕ اوسُس گژھن وول۔

''بونے ہیکہٕ نہٕ زیادٕ کالس ٹھہرتھ۔ مےٚ گوٚ وژیر۔ بو درا سے''۔

''مےٚ...... مےٚ ونیو مے نا بو یِمے ستی؟''

''نا ے ژٕ کر فقط دُعایہِ خأر...... خدایس منگ نچُوس کرُم رأچھی...... ممکن چھُ چوٚن بوزِ''۔

''أتی کر قرار...... گوٚ برٕ اکھ برٚژنہ ہےٚ دَم...... گوڈٕ رَٹھ دُعایہِ خأرٕ ے...... بو بناوے گوڈٕ ژےٚ سینس پیٹھ مقدس صلیبک نشان...... اوہ...... میانہِ خدایہِ...... ہے یہٕ کیا چھِ أسی کران...... امہِ سارِ کُے مطلب کیا چھُ؟''۔

رَاسکولنکاف اوس نہٕ وبژان کُنہِ زِوٗنی کیبس نہٕ تہٕ بیٚیہِ کہنی تہٕ۔ تمُس آسہٕ بوقہٕ پھولان ماجہِ پوٚتھرٕ زٕ ے چھِ وُنی کیبس باہمہٕ دگر کتھہٕ کران۔ پتیٚ مبن وحشت ناک تہٕ تکلیف دہ رٕتبن ہندِ آزارٕ پتہٕ اوس گوڈنچہِ لٹہِ توہند دِل وبگلیومُت۔ تمٚی ترٚوو ماجہِ ہندِ بن قدمن پیٹھ کلہٕ تہٕ لوٚگس پدبن میٹھی کرنہِ۔ دوشوے ماجہِ پوٚتھر لگی وَدنہِ۔ اکھ أکِس مُتیٚ تہٕ میٹھی کرنہِ۔

وُنی کیبس نہٕ کوٚر پلشیر یا کُنہِ قسمہٕ چہِ حأرأنی ہُندا ظہارنہٕ پرٕ ژھُن رَاسکولنکافس کانہہ سوال۔ کیٚژ وِدوہو پیٹھہِ اوس پلشیر یایہِ یقین گنیومُت زِ توہند نچُو چھُ کُنٚی تام عجیب تہٕ خوفناک مصیبتن وِلُمت بیٚیہِ چھُ شاید بد روٗحن ہندِس زدس تل ہینہٕ آمُت تہٕ وونی چھُ نہٕ جود مو کلنگ وکھووتمُت۔

''روڈیا'' تمہِ وُنُس وَدن ہکی گژھان، میانہِ یاونہٕ کہِ تہٕ آدنکہِ گوٚ برا۔ وُنی کیبس چھُکھ عأزٕ لو کچارکی پأٹھی باسان یتیلہِ نا ژکُنی ٹِکہِ یتھ اوسُکھ مےٚ کرٕ پلکی پأٹھی پان وُلتھ مونہِ تہٕ میٹھی کران۔ تیلہِ اوسےٚ ژےٚ مول زندے۔ یو چھسے تمن دہن

ہنٛز کتھ کران ییٖلہِ اُسی مُفلسی ہنٛزِ گرٛیٹنہِ پشنہِ یوان اُسی۔ اسہِ اوس چانہِ گنڈِ باشہِ وُچھتھ پُتن غم ژلان تہٕ سونچان اُسی بڈتھ ژلراوِسون نچو اسہِ سأری غم تہٕ دأدی۔ ییٖلہِ تمی جلنچ وتھ رٹ پتہٕ اُسی ژٕ تہٕ بودوہے تہنٛزِ قبرِ پٮ۪ٹھ گژھان تہٕ تتھے کُنی اُسی اکھأ کس ستی مۆت کٕرتھ یڈ برتھ وِدِ ریوے کران برابر أزی کی پأٹھی۔ ژٕ وُچھ ییٚمہِ ساعتہٕ پٮ۪ٹھہٕ ژٕ آکھ تہٕ ووت مےٚ اوٚش ہاران اصل کتھ چھےٚ یہِ زِ ماجہِ ہنٛدس دِلس باسیو وزِنچو چھُم مصیبتس اندر۔ ژٕ کتہِ زانکھ گوبرِ ماجہِ ہُنٛد دِل کوتاہ اُویُل چھُ آسان۔ یاد چھیہِ یوروأتی تھے وأتی اُسی سیوٚ دُوے ژیےٚ نِشہِ بس چانِبن اُچھن اندرُو چھ مےٚ سورُے کینٛہہ تمی وِزِ کھیوم دِلن ژےٚ پٮ۪ٹھ نظر پتھے تراس تہٕ ژیوٚنُن کیاہتام ذٔلیل چھےٚ تہٕ ازیتھُے ژےٚ برمُژ روومے مےٚ دوٚپ اوسہٕ ساعت ووت یتھے ژےٚ پٮ۪ٹھ نظر پییم۔ میانہِ بجرِ کہِ ڈکھہِ۔ روٗڈیہِ ژےٚ ماچھے أزی گژھُن۔ وَن أزی گژھکھہِ"۔

"نہ از گژھہٕ نہٕ"

"تیٖلہِ یِکھہٕ دُبارِ یور"

"آ......ییٚہِ ییٚمہِ"

روٗڈیا یہٕ ناراض گژھکھ۔ یوچھسے نہٕ ژےٚ سوال پرٕ ژھنچ ہیمتے کٕرتھ ہبکان تہٕ پرٕ ژھُن تہٕ پرٕزبم نہٕ......مگر ماجہِ دودبیٚہِ کیا......اُمس پنٕنہِ ماجہِ ہنٛدِ تسلی باپتھ ونتہٕ یتے زِ ژےٚ ماچھے کُن دوٗر گژھُن؟"

"آ دوٗرِ ے چھُم گژھُن"

کیاز؟ کینٛہہ ملازمت تریا؟ یا ترقی ہنٛز وومید اچھےٚ یہِ؟"

تہِ چھُم نہِ پتاہ......البتہٕ یہِ قسمتس لیکھتھ آسم تہٕ واتم۔ مگر ژٕ کرم دُعایہِ خأر اُتھی ستی دراوسہٕ دروازس کُن تہٕ پلشیر یایہِ روٗٹ ییٚہِ نالہِ متہٕ وَچھس ستی تہٕ غم ہَرٕ و نظرو کوٗرنس وُچھنا۔ سوأسی کریاہٕ کٹران یہِ تتھ گوس سفید مچ ہیو"۔

''بس موجی...... ترٛاوٕ مے وونی'' رٛاسکولنکافن ووٚنس۔ وونی اوس تِمس پھیران زِ اور کیاہ زِ آو۔

''اِدسا وونی ماپھِۍ اَزی گرٛھُن تہٕ نہٕ پھِۍ دوٗرگرٛھُن''۔

''تیلہِ یِکھہِ پگاہ بِیہ یور؟''

''اِدسا...... یِمہٕ...... بِیہ یِمہٕ''۔

تہٕ گُنے درٛسہٕ دِتھ موکلووُن پان ماجہٕ ہِنٛزِ کوچھہِ منٛزٕ تہٕ دراو گُٹھہِ نبر۔ خوشوٗن شام۔ نوٚن نب تہٕ وسوٗنہِ اختابچہِ پرٛہٕو آسہٕ ہوانوادِلکش بناوان۔ از اوسن صبحہٕ پیٹھے اوٗ بُرٛ ڈٕٹھ نیوٗمُت۔ دوہس لُجی نہٕ تارٛ اندوٲتنس رٛاسکولنکافن تُل قدم تیز۔ سُہ ووت سیوٚدُے ڈیرس پیٹھ۔ سُہ اوس از گُنہٕ تہِ قیمتہٕ دوہہ لوسنہٕ برٛونٹھے ''معاملہٕ'' اَنزراوٗن یژھان تہٕ تو تام اوس نہٕ کانٛسی سمکھُن یژھان۔ ہیرِ کھسان کھسان وُچھ تمی نستاسیہ وأژِ گُنی ووٹہِ دروازس پیٹھ تہٕ روٗزاٛتی اِستادٕ تہٕ اَس اٲمی ہیٚے کُن وُچھان۔

''باسان چھُ کستام چھُ آمُت۔ تی چھُ باسان۔ کُستام چھُ مے پرٛاران۔ کُس سنا آسہِ؟'' سُہ لوٚگ کھسان کھسان سونچنہٕ۔

تِمس آو یکدم ذہنس اندر پراوفری پیٹرووچن خیال۔ دِلس منٛز آس نفرتُک طوفان ووتلتھ۔ تِمس گنے بِیہ پوٗنچنہٕ راے زِ سُے آسہِ شاید۔ اما تیٚتھے درواز اندر نظر پیِٚیس لتہِ وُچھِن دوٗنیا۔ سوأسمٕ خبر کرٕ پیٹھہٕ پرٛاران۔ گُنی زٕنی کوکرٕ گرتھ کلہٕ یون کُن ترٛاٲوِتھ بہتھ۔ خبر کمن غوطن گأمٕژ۔ سُہ گولتہٕ وچہٕ پیٹھے زنتہٕ رٕٹتھ۔ دوٗنیالُجی کلہٕ تھوٚد تُلتھ اٲمِس مُدے گنڈِتھ وُچھنہٕ۔ سووٕژھ صوفہٕ پیٹھہٕ یِمہِ حسابہٕ تھوٚدزنتہٕ ترٛ ہرٕ پمٕژ اَس۔ سوواٗژ بأیس نکھہٕ تہٕ قدم ٹھہراٛوتھ لُجس تھلہِ تھلہِ وُچھنہٕ۔ تِہنٛز وأچھو کنی اوس وحشت پرٛیڈان۔ رٛاسکولنکافس توٚرٛ یکدم فکرِ زِ دوٗنیایہِ چھُ سورُے بوٗزمُت۔ دوٗنیایہِ ہنٛز اکہِ نظرٕ ڈٕنی تِمس یہِ ساٗرُے شیچھ۔

''بوا ژاا اندر رِ کنہٕ ییٚتی پٔٹھہٕ پھیرِ باز'' رَاسکولنکا فن ووُنس بُتھ ژُ کراُوِتھ۔

''بواُ ءسس دۄہی دوٚہس سونیایہِ نِشہِ بہتھ۔ اسہِ اوس پتاہ ژِ یکھ تو رٚی۔ اوے آسے دوٚشوے تُتی پژاران''۔

یہ بۄزِی تھیے ژاو رَاسکولنکاف اندر۔ سخت تھوٚ کمُت اوس تہٕ پان دیُتن کرسیہِ پٔٹھ برِتھ۔

''مےٚ چھے نہٕ زِ کسیرِ ہکتھ۔ دۄنیا بوچھس زن بڑبکس گرٕ ہتھ پتھر پیوٚمُت۔ یو چھس وُنی کبس پنٔس دِلس پٔٹھ قو بو کرِتھ ضبطس کاَم ہیوٚن یژھان مگر چھُس نہٕ ہبکان کرِتھ۔

''رالتس کتہِ اوسُکھ ژِ؟''

''مےٚ چھُنہٕ یاد ے...... دۄنیا...... دراصل اوسُس بو حتمی فاصلہ کرُن یژھان۔ یو گوس وار یاہہ پھرِ کولہِ پٔٹھ تہٕ دپیوم کولہِ ووٚٹھ ژٕ ھنتھ اُنزراو بو سورے نیاے اکی وِزِ مگر ہیوٚ کُم نہٕ کہنی کرِتھ''۔

''شُکر خدا یس کُن۔ سونیس تہٕ مےٚ اُس دراصل یہے پریشانی ژِ گوٚ ژھکھ نہٕ پژھے کانہہ حرکت کرُن۔ شُکر ژٕ ے چھُتھ نہٕ یتھ قدم تُلمُت گوژٕ ے چھے وُنہِ زندگیہِ پٔٹھ بروسہ تہٕ ٹاٹھ تہِ چھے وُنہِ''۔

''نہ...... نہ...... دۄنیا...... نہ چھم زندگی پٔٹھ کانہہ بروسہ تہٕ نہ چھم یہِ ٹاٹھے۔ اما وُنی کینہہ بڑ زی بڑ وٚنٹھ اوسُس بو ماجہ ہنٛدس وَ چھس ءتی کلہِ تھاوِتھ وَدان حالانکہ مےٚ چھنہٕ اتھ پٔٹھ پژھے مگر تو تہِ ووٚنُم ماجہِ مےٚ کرتہٕ دُعایہِ خأر...... خبر کیاز ووٚنمس...... تیٚتھ کیا سپد...... تہِ چھُم نہٕ پتاہ...... مےٚ چھُنہٕ یتہٕ فکرِ تران زِ بو کیازِ گوس تور...... دۄنیا...... بہ...... بو چھُس بےٚ حد ذلیل تہٕ حقیر انسان''۔ ''مگر حقیر اُستھ چھکھ مصیبتک مقابلہ کرنہٕ باپتھ تیار۔ چھا کنہٕ نہٕ؟'' تمہ ووٚنُس۔

''بالکل......دۄنیا......بوٚ گژھہٕ وٕنی......سیوٚ دُے توٚری......مےٚ اوس دراصل ذلت تہٕ رُسوٲیی نِشہِ بچنہٕ خاطرٕ آبس ووٚٹھ دِنٕک فٲصلہٕ کوٚرمُت مگر آبس پیٹھ نظر ترٛاوی تھےٚ آم خیال وُنیُستام ییلہِ بوٚ دور گرِتھ رٕدُس تہٕ رٕحس بوڈنہٕ دِتُم نہٕ ووٚنی پزیامےٚ رُسوٲیی تہٕ ذلتک پرواہ کرُن۔ اتھ کیٛاونو دۄنیا؟ یہ گیاخودداری؟''

آ......آ......روڈیا......یہے گیہ خودداری''۔

رَاسکولنکافنہِ موٚمژٕ اُچھی لجہِ زوتنہِ۔ یکدم لجہِ نپہٕ نپہ کرنہِ۔ باسیوو زِ سہ گویہِ بوٚزِتھ خوش زِ تمِس اندر چھہٕ وُنہِ تہِ خودداری ہُند مادٕ موجود''۔

''ینہٕ ژٕ دۄنیایہ دِکھ زِبوٚ ما کھوٚژُس آبس تہٕ اوے دِژم نہٕ ووٚٹھ''طزا اپنٕز ووٚٹھ گمناوِتھ وۄن تمی۔

''ہژے......روڈیا......ہژے''

دوٚن منٹن رۄز خاموشی۔ رَاسکولنکاف اوس نظرٕ فرشس پیٹھ تھاوِتھ بہتھ۔ دۄیمہِ پاسہٕ اَس دۄنیااستادٕ پننِس بٲیِس وُچھان تِس زن اَس نظرن دگ۔

یاشاگرِتھ گو سُہ تھوٚ دۄتِھتھ۔

''واریاہ ژیرِ گو۔ بوٚ نیرٕ ے ووٚنی۔ بوٚ کرٕ وُنی پُلسس پان حوالہٕ۔ حالانکہ حٲران چھُس یہ کیٛاز چھُس کران......''۔

دۄنیایہ ہِندبورہ خوٚپیٹھی گےٚ ژاوٚش قطرٕ ڈُلہٕ۔

''ژٕ چھکھے ودان۔ میٲنی بینٕز؟ پننِس بٲیِس ستیٚ کر کھہٕ اَخری لٹہِ اتھواس؟''

''روڈیا ژےٚ چھیہ اتھ اندر شک باسان؟''

سو آیہ دۄرِتہ رٕوٹن رَاسکولنکاف نالہٕ متہٕ۔

''روڈیا! مصیبتک مقابلہٕ تہٕ اذیت برداشت کرنٕک ارادٕ گری تھےٚ کوٚرتھ ژےٚ گونہک کفارادا'' تمہِ ووٚن رَاسکولنکافس موٚنہِ پۄری گرِتھ۔ ''گوناہ......کیٛتھ گوناہ

.....کمی وۄن کمی کوٚر گوناہ؟'' تیتھس منز یتھ لوٚگ سُہ وولنہِ ''کُس گوناہ کوٚر مےٚ؟ یا مےٚ کوٚرأکس ذلیل...... موزی، منحوس تہٕ رہنہٕ بُجہ ہُنٛد قتل یوسہٕ نہٕ کانٛسہ اتھہٕ راشہ یوان اُس؟ ژٕ چھکھا اتھی گوناہ ونان؟ تہٕ بوٚ چھُس ونان سو قتل کٔرِتھ کوٚر ہُم وُمبرِ ہنٛد بِن گونہن ہنٛد کفارٕ ادا۔ تہنٛد قتل چھلہِ بڑٕ کھوتہٕ بڑِس گونہگارٕ سنٛدی گوناہ۔ سو منحوس پڑٕ اُس غریبن ہنٛد رتھ ژشان۔ کتھ چھوٚ تۄہی گوناہ ونان؟......

بوز دۄنیا! نہ چھُ مےٚ گوناہ کوٚر مُت تہٕ نہٕ چھُس امیُک کفارٕ ادا کرنہِ گژھان۔ مےٚ نے فکری تران تۄہی کیا زِلگوِ سأری مےٚ پتہٕ۔ فقط ونان گوناہ...... گوناہ...... مےٚ چھُ وُنی کبس پننہِ بےٚ بنیاد تہٕ سراسر لغو بزدلی ہُنٛد احساس گنان، وُنی کبس ییٚلہِ زن مےٚ یہِ ذلت برداشت کرنُک پوٚختہٕ اراد کوٚر مُت چھُ۔ تہٕ یُس فأصلہٕ شاید مےٚ اِوٕکنہ کوٚر مُت چھُ زِ بوٚ چھُس حقیر انسان یا شاید اِوٕکنہ تہٕ زِ مےٚ ماوا تہِ امہِ سیتی ہنا فأیدٕ شاید یہِ زن پراوفری تہِ ونان اوس۔

''یہِ کیا چھکھ ونان۔ ژےٚ دِتھن اکھ انسان رتہٕ چھپہٕ''۔

''پزٕ بتھ نفر چھُ یِی کران'' تمی رأو پاگلہٕ سنٛدی پأٹھی کتھہِ سیتی کتھ ''یِی چھُ ازلہٕ پٹھہٕ سپدان آمُت تہٕ ابدس تام روزِ سپدان تہٕ۔ نل نکھ چھِ پھٹرا ونہٕ یِوان۔ کلہٕ کھوپرٕ چھےٚ تُلنہٕ یِوان، شرابکی پأٹھی چھِ رتہٕ کولہٕ والنہٕ یِوان تہٕ اتھ عوض چھُ گلہِ میٹھہِ رٔنگی دارلخلافُک تاج ڈیکس تھاونہٕ یِوان۔ جشن چھُ مناونہٕ یِوان تہٕ یِمنے رتہٕ سٔری کرن والین چھِ قومکی غمخوار ونان۔ سن ژٕ تہٕ ہنا سۄ نی پأٹھی اتھ۔ میٛتہٕ اوس مقصد امیُک فقط بنی نوع انسانہٕ سُنٛد رٕژر۔ بوٚ تہٕ اوسُس رٕژ کأماہ کرن یژھان تہٕ پننہِ امہِ احمقأزی بدلہِ ہبکہٕ ہاسأسہٕ بزٕ تہٕ لچھہِ بزٕ رٕژ کامہٕ کٔرِتھ۔ بوٚ چھُس پزٕ رمانان زِ یہِ اُس احمقأزی۔ نا تجربہٕ کأری تہٕ بیٚیہ نہٕ کینٛہہ...... یہِ نظریہِ اوسنہٕ تیوٚت احمقانہٕ یُوتاہ وونی پننہِ ناکأمی پتہٕ باسان چھُم (بیٚیہ چھےٚ یہِ اکھ واضح حقیقت زِ ناکأمی پتہٕ چھےٚ پزٕ بتھ کأم تہٕ پزٕ بتھ قدم احمقأزی

باسان) بو اوسُس پننہٕ امہٕ بیوقوفی سببہٕ خودمختار بنُن یژھان۔ پانس اندر اوسُس ہمتھ پأدٕ کرُن یژھان۔ امہٕ باپتھ اوس یہ میون گوڈنیُک قدم۔ یمہٕ ستی پننہٕ باپتھ اکھ کامیاب وَتھ بدکڈٕنی یژھان اوس۔ اتھ اَکس حماقژ عوض اَسی بے شمار فأیدٕ۔ یمہٕ کِنی سودا ناکارٕ اوس نہٕ۔ مگر ژٕ ایہٕ گوڈنکی ہے قدمس پتھ کھورن ژٕنٹی یمہٕ کِنی ناکأمی ہُنٛد بُتھ وُچھن پیوم کیازِ بو چھُس اکھ حقیر انسان بس یہے چھےٚ کتھ۔ بو چھُس نہٕ پننی یہ حرکت تمہٕ نظرِ وُچھان یمہٕ نظرِ ژٕ وُچھان چھُکھ۔ ہرگاہ بو کامیاب سپدٕہاتہٕ میأنس کلس تہٕ پیہٕ ہے سروری ہُنٛد تاج ووڈِ تھاونہٕ۔ مگر بو گوس زالس بند"۔

"نا...... نہ...... میانہٕ بأے راجہٕ۔ یمہٕ کمہٕ کتھہٕ چھُکھ ژٕ کران؟"

"اچھ...... چھا...... گو کتھ چھےٚ یہ زِ میانین کتھن منٛز چھےٚ نہٕ کانٛہہ دلچسپی۔ اتھ منٛز چھُ نہٕ حُسنک کانٛہہ تہٕ پہلو۔ یہ چھا بس قبوح؟ بہرحال مےٚ اوس نہٕ فکری تورُمت لٔکھ کیازِ چھِ توپو یا فوجہٕ ذٔری یہ قتلِ عام کرنس شریفانہٕ تہٕ قأبلِ تأریف عمل زانان۔ ظأہری جمالیاتک خوف چھُ نامردی ہنٛز علامت یہ کتھ ژٕ مےٚ وونی وضاحتہٕ سان فکرِ۔ امہٕ ستی تورمےٚ وونی فکرِ میأنی حرکت کیازِ چھےٚ جرم تہٕ گوناہ زانہٕ یوان کیازِ اتھ میانہٕ حرکژ اندر چھُنہٕ جمالیاتک کانٛہہ تہٕ پہلو موجود۔ اتھ اندر چھُنہٕ کانٛہہ حسن۔ امیُک احساس گنیوومےٚ وونی"۔

اٰخری الفاظ زِنو کڈنس دوران پھیوٚ رٔ راسکولنکافس زرد یمتس بُتھس رنگ تہٕ نظر پننہٕ بینہٕ ہنٛدِس بُتھس کُن تُلتھ تورس فکرِ زِتہنٛزِن اَچھن منٛز چھُ سارسمیُک دوکھ تہٕ دوود ژٕستھ آمُت۔ یمہٕ کِنی راسکولنکافس پُنٛن اَندریم جتہٕ جوٗش کاپہٕ رٔٹتھ شدید پأٹھی یہ احساس گنیووزِ تٔمی دیُت یمن دوشوٕنی زنٛنن پننہٕ ماجہٕ تہٕ بینہٕ غمے غم گلہٕ میٹھی۔ سےٚ چھُ یہنٛد بن سارنے دوکھن تہٕ غمن ہُنٛد گوڈ۔ "دُنیا...... میأنی بینہٕ جگری! ہرگاہ بو ژٕ ےٚ گونہگار باسان چھُسے تیلہٕ ہے گری زِ مےٚ معاف (حالانکہ ہرگاہ بو واقعی گونہگار چھُس

تیٖلہِ چھُس نہٕ بوٚ معأفی لاَیکھ تہِ کینٛہہ" اچھا خدا یے گٔری نے رأچھ ......" ووٚنی کروٚنہٕ أسی اتھ پٮ۪ٹھ بحث۔ میٲنہِ روانگی ہُنٛد وکھ ووت تہٕ بوٚ نیرے مگر خدایہِ ہٕنٛدِ خأطرٕ یِنہٕ مےٚ پتہٕ پتہٕ یِکھ کیٛاہ زِ مےٚ چھُ وُنہِ بیٚیہِ کینٛژن جاین گژھُن۔ ژٕ گژھ سیٚوٗدٕ ے ماجہِ نِشہِ تہٕ تس دی تسلی۔ بوٚ چھُسے گلۍ گنٛڈِتھ أخری گذأرِش کران۔ یِنہٕ موج گُنی ژٕنی ترٛاوِہن۔ بوٚ یِیلہِ تمِس نِشہِ دراس سوٗ أس سخ پریشان تہٕ پراگندہ مےٚ چھُ باسان سوٗ ہیکہِ نہٕ یہِ صدمہٕ برداشت کٔرِتھ۔ سوٗ گژھہ نہٕ پاگل گژھِنہٕ نتہٕ گژھہ نہٕ پھرٛڈ گژھِنہٕ۔ گژھ دوٗنیا۔ گژھ ژٕ ماجہِ نِشہِ۔ رَاز وٕمہِنن روزِتوٚ ہی نِشہِ۔ تمِس ہِتی چھےٚ مےٚ کتھ کٔر مٕژ۔ تمۍ چھُ مےٚ وعدٕ کوٚرمُت سُہ روزِ توٚ ہی ہِتی۔ یِنہٕ میٲنہِ باپتھ اوٗش ہارکھ قأتل تہِ ہرگاہ چھُس مگر وُمبر چھُس مخلص، ایماندار تہٕ دلیر ہٕنٛز کوٗشش کران روٗ دمُت بنان چھُ گُنہِ دوہہٕ ماپڑاوِ بوٚ تہِ ناو۔ میٲنہِ سببہٕ ماپٮ۪یہِ نہٕ توہہِ شرمندٕ گژھُن کینٛہہ تہٕ بوٚ دِمہٕ دُنیاہس ہأوِتھ زِ ......خأر خدا یے گٔری نے رأچھ۔ یِمو وعدوٕ کنہٕ دوٗنیایہِ ہٕنٛزن أچھن منٛز پأدٕ گژھن واجینٛہ اکھ چمک وُچھِتھ گٔرتمۍ جل جل پننۍ کتھ ختم" ہے......ژٕ چھکھے ودان !موے وَد۔ میٲنۍ بینہِ جگری موے ود۔ زن چھِ أسی وُمبرِ پٮ۪ٹھ ژھبنہٕ گژھان......آ......وُچھی مےٚ ہے گوٚیو یہِ مشرپھےٚ"۔

سُہ ووت میزس نکھہٕ بیٚٹھِتھ اکھ موٚٹ کتاب أس یتھ گردتہہ کھوٚتمُت اوس۔ کتاب اتھس کٔبتھ ژلِتھ مُژرِن سو یِمہِ کِمن صفن منٛز باگ أہنٛزِ مکانہٕ مأ‎لی کینٛہِ ہٕنٛز کورِ ہُنٛد اکھ فوٹو اوس یوسہٕ تیہِ ہِتی یِمہِ دُنیاہ منٛزٕ درایے یہِ۔ سوٗ أس نن ہٕنٛز یژھان۔ رَاسکولِنکافن وُچھ منٹس کھنٛڈس فوٹوس تھلہِ تہٕ پتہٕ اتھ موٗنی کٔرِتھ پلنوٗن دوٗنیایہِ کُن۔ رَاسکولِنکافس أس تمِس ہِتی نشأنی کٔرِتھ۔

"دوٗنیا......بوٚ اوسُس پننِن سوٗچن ترٛاین تہٕ منصوبن نِسبتھ أمۍ ہے أکِس کورِ ہِتی کتھ کران۔ بس أمۍ سے ہِتی" تمۍ وٕنُن غمہٕ ہِہو آوازِ منٛز۔ "أمِس اوس مےٚ

پٕنٕنس اتھ منصوبس نٕبستھ تہٕ وۄنمُت یتھٕمیٚک یُتھ نفرت انگیز انجام دراو۔ ژ موگژھ غوطن دۄنیا! سُہ آو بینہٕ نکھہٕ ''سوتہٕ اُس یِتھے پٲٹھۍ میٲنۍ برخلٲفی کران۔ یتھہٕ کُنۍ ژےٚ گٔرِتھ بو چھُس خوش زِ سو رۄزنہٕ یہٕ میون کھوٚندوٗ چھنہٕ باپتھ زندٕ۔ وونۍ بدلہٕ پزٕتھ کیٚنہہ۔ پزٕتھ چیزس گژھن زٕ دَرٕ'' سُہ گوٚو بینہٕ وودٲسی ''پزٕتھ شے سپدِ تبدیل۔ ٹوٗکہٕ سوٗر گژھبس۔ مگر بو چھُسا یمہٕ تبدیلیہٕ قبوٗل کرنس تیار؟ یہٕ چھامےٚ منظور؟ بو اوسہٕ سایی یژھان۔ لۄکھ چھِ ونان اذیت ژلن چھُ میانہٕ باپتھ لازمی تہٕ یہٕ چھامےٚ آزمٲیش۔ مگر امہٕ آزمٲیشہٕ ہُنٛد کیاہ مفاد چھُ مےٚ؟ یَیلہٕ مصیبت تہٕ اذیت مےٚ ٹوٗکہٕ سوٗر گٔرِتھ تھاون، وُہن وٕری ین ہُنٛد قٲد با مشقت یَیلہٕ مےٚ ہتہٕ وُہر کمزور تہٕ ناتوان پٕڈ بناوِ۔ تیلہ؟ یہٕ نادار، ناتوان تہٕ بےٚ مزٕ زندگی قبول کرنس پتہٕ کیا زِ گوس بو تیار۔ کتھ وومیز پتھ؟ اٰخر کتھ وومیز پتھ؟ عفو...... وونۍ چھُ مےٚ فکرِ تران از صبحنس یَیلہٕ بو نہر کدلس پتھٕ کھوٚتُس تہٕ آبس کُن وُچھتھ کیا زِ ہیوٚ کُس نہٕ بو سُہ فٲصلہٕ کٔرِتھ؟ دراصل چھُس بو تہٕ زندگیہٕ ہنٛز درنہٕ اندر پھسیومُت بو تہٕ چھُس اکھ حقیر کیوٚم تہٕ امہٕ درنہٕ منٛز چھُس نہٕ نیرُن یژھانۍ''۔

چھکرس دراے تمہ دوشوے مکانہٕ نبر۔ دۄنیایہ باپتھ اُس یہٕ زبردست آزمٲیش تمس اوس باے سُنٛد زبردست سرٕ بہہ یمہٕ کُنٛتس دوٗر کرُن پیوٚو تہٕ ہیوٚتُنس روخصت اما قدم پژٕ اہ مرِ کڈِتھ کوٚرن قرار تہٕ باز پھیرِتھ دِژن اٰخری پھِرِ بوے وُچھنہٕ باپتھ پوٚت نظر۔ سُہ اوس کلہٕ بون کُن تڑاوِتھ پکان۔ موڈس پتھ واتتھ پھیوٚر سُہ تہٕ بینہٕ کُن پوٚت نظر دِنہٕ باپتھ۔ اٰخری لٹہٕ رلاوِ دوشوٕیو اٲچھ یَیلہٕ تمۍ وُچھ زِ دۄنیا اُس تسی پوٚت ژھاین وُچھان۔ سُہ گوٚو بےٚ قرار تہٕ درہ کھٔسِتھ کوٚرُن اتھہٕ ہلاوِتھ تمس وونۍ نیرنک اشارہٕ تہٕ روخ پھیرِتھ ژوٚٹُن موڈ تہٕ دراو۔

''وونۍ چھُم یہٕ احساس گنان زِ بو چھُس ظالم تہٕ بےٚ درد سنگدل'' یمہٕ شرارتہٕ

سان اتھہٕ ہلاوِتھ دٕنیایہِ نیرنٛگ اشارٕ کران اوس تتھ پتہٕ شرمندگی محسوس کٔرتھ سوٗنچُن "ہرگاہ بوٚ یہنٛدِس لوٗلس قٲبل چھُس نہٕ تیلہِ کیازِ چھِ مےٚ یِم یُتاہ لوٗل ورتاوان؟" ہاے کاش بوٚ آسہٕ ہاکُن تہٕ کیوٗل۔ مےٚ آسہٕ ہانٛہٕ کانٛہہ انگ اٗشناواہ نہٕ برٕ ہابوٚ ے کانٛسہِ لوٗل تہٕ نہٕ برِ ہامےٚ ستی کانٛہہ ماے۔ گوڈٕ تتھ کتھ ہرگاہ آسہٕ ہے تیلہِ واتہٕ ہے نہٕ یوٚت پتہٕ نوبتے۔ مگر بوٚ چھُس حٲران زِ وُہ وٕری پتہٕ آسا بوٚ یُتاہ نرمیومُت زِ لُکن نشہِ آسہم پان عاجزتہٕ حقیر باسان تہٕ لُکن برٕ ونٛنہٕ کنہِ آسہٕ وِدٕ رِوے کٔرتھ اقرار کران زِ آبوٚ چھُس مجرم؟ تی آسہ۔ مےٚ چھُ بہتھ یو ہے آسہِ صورتحال۔ یِم چھِ مےٚ اوے خوجہ یارٕ بل سوزان۔ یِے ہے یژھان چھِ بوٚ گرشہٕ گرٕ شُن ...... یِم لُکھ تہٕ...... سڑکہِ پتہٕ پکوٚنین لُکن ہُنٛد سہلاب؟ یِم سٲری چھِ نیچ، بدمعاش تہٕ مجرم۔ تہٕ سارِوے کھوتہٕ چھِ یِم اکہِ اکہِ احمق کولہٕ۔ ہرگاہ بوٚ بچوس یِے نیرن دٕلی ٹلی برٲری بٔنتھ شور کرنہِ ہا خدایو انصافٕ نوٚ وُنہِ۔ اسمان ٹلن نکھس پتہٕ۔ مےٚ چھِ یِم دون اٗچھن کھران۔ میانہِ خدایہ یہنٛز کاژاہ نفرت گٔیہ مےٚ؟ سہ لوٚگ سونچنہِ سو کوسہٕ وتھاہ چھِ یِمہٕ کنٛی سہ یِمن لُکن برٕ ونٛہ کُن گژھِتھ یہنٛز نااُمس نفرت چھےٚ یکدم وتہِ ہنٛز گردٕ بٔنتھ روزِ؟ کیاہ طریقہٕ چھُ کرُن۔ یتھ زن دہ شوے بٔنن بدن تہٕ روح؟ یہنٛز راے کتھہٕ ہکو بدلاوِتھ تہٕ یِمن قٲبل نفرت تہٕ ذلیل لُکن ستی رٔلِتھ میلِتھ ہکوٚنہٕ پان یہندِ کھوتہٕ بالا زٲنتھ ہیکیا۔ یتھ کینٛہہ سپدِتھ؟ چھا یہِ ممکن۔ کیازِ یِ ہیکہِ سپدتھ تہٕ پی بنہِ تہٕ۔ وُہن وٕری ین ہنٛز غلٲمی تہٕ مشقتہٕ ستی۔ آبہ دگ چھےٚ کنہ پلس تہٕ گوٚدکران مگر پتہٕ یہِ نہٕ زندگی ہُنٛد مقصد اتھہِ۔ یِلہِ تہِ چھُ سپدان، ودلہ تیلہِ کتھ پتہٕ چھُس یہ پان قونونس حوالہٕ کران؟"

راتھ شامہٕ پتہٕ آسہِ تمیٚ ہتہٕ پھرِ پأنی پانس یہ پرٕ ژھمُت مگر برٕ ونٛہہ کُن روٗدِ پکان۔



# (۸)

یٚیلہِ سُہ سونیایہِ ہٕنٛدِس کمرس منٛز ووت تمہِ ساعتہٕ اوس لنہِ گوٚٹ۔ سونیا اُس دٲہی دوہس تمٕس بے قرٲری سان پرٛاران۔ دٲ نیا تہِ اُس تمٕی ہٕسے نِشہِ پننٕس بٲیس پرٛاران۔ اِوٕ کنہٕ اُس دٲ نیا تمی دوہہ صبحُنس بٲ گتس نِشہِ آمٕژ۔ تہٕ وننگ چھُنہٕ حاجت یِمہٕ دوشوے کمہِ کتھہِ روزٕ کران۔ دوشوٕ یوٕ کتھہٕ ہوٚور یِکہٕ وٹہٕ ژالہِ اوٚش تہٕ دوشوے کتھہٕ بنیہ جاےٚ وسہٕ۔ البتہٕ چھُ یہِ وَنُن ضروری زِ دٲ نیا ہس توٚ رامہِ ستی فکرِ زِ توٚ ہنٛد بوے چھُنہٕ کُنے زوٚن۔ اُمی ہٕسے کورِ یعنی سونیایہِ نِشہِ اوس تٔہنٛدی بٲے گوڈنچہِ لٹہِ اقبال جرم کوٚرمُت۔ یتھے تمٕس کانٛسہِ ہمدم تہٕ دردلہٕ سنٛز ضرورت محسوس گژھان اُس سُہ اوس کُنے ٹکہِ تمٕس نِشہِ واتان۔ کیازِ تمٕس اوس یقین گنیومُت زِ یہے کوٚرروٗ زامِس دوکھس تہٕ مصیبتس اندر شریک تہٕ قسمت یوٚت تہِ واتناوِیس سوپکبس ستی۔ دٲ نیا یہِ پرٛژھنہٕ اتھ متعلق سونیایہِ کانٛہہ تہِ سوال مگر پوٚر پرٛژھ پیٹھس زِ یِی چھُ سپدن وول۔ تہٕ لہٰذا کلہٕ نوٚمرِتھ روٗ چھُن توٚ ہنٛد ادب۔ سونیایہِ وٗتھ دردلہٕ اوٚش۔ تیٚژ نیستی اُس ہادان زنتہٕ دٲ نیایہِ ہنٛزِ چینہِ ہنٛز گرد اُس۔ سونیایہِ ہنٛز سو باوقار تصویر اُس تٔہنٛدِس ذہنس اندر نقش یٚیلہِ رٲ اسکولنکا فنس کمرس منٛز دٲ نیایہِ برٛونٛٹھہ کنہِ ادبٲ خم سپدِتھ روٗ زتہٕ پنٕنی حیثیت پرٛژھہِ خوبصورت کورِ برٛونٛٹھہِ کنہِ نظرِ تل اُنتھ پنہٕ وٕتھرٕ کی پاٹھی لرزان اُس۔ مگر دٲ نیایہِ کوٚرس اسہٕ وِنہِ ہونٛجہِ سبٹھہے مایہ سان استقبال۔ یہِ یادگار موقع اُس سو پننہِ زندگیہِ ہُنٛد مولُل ترین سرمایہ زانان۔

اُخرس دردلہِ دٲ نیا بےٚ قرار گوٚمِتھ سونیایہِ روخصت ہنہٕ پتہٕ بٲے ہنٛدِس

کمرس کُن تہٕ پرارے یہٕ تِمس تتھی کمرس منز۔ تِمس اوس خیال زِ رٛاسکولنکاف گوھہِ اورِ یتھ گوڑ سونیا یہٕ ہٕندی ہے کمرس منز۔ ہپارٕ ییلہِ سونیا کمرس منز کُنی ژٕنی رٕ ژسو گیہِ یمہِ خیالہٕ پریشان زِ رٛاسکولنکاف گوٚ ژھ نہٕ خودکشی کرُن۔ اصل پاٹھی اوس دٕنیا یہٕ تہٕ یو ہے اندیشہ۔ مگر ستی آسہٕ دٕہی دوہس اکھاٗ کس تسلادِوان زِ رٛاسکولنکاف گو نہٕ پژھ غلطی کرن وول۔ اما وونی یتھے تمہٕ اکھاٗ کس نِشہِ نیرِتھ بیوٚن بیوٚن کمرن منز روزٕ تمن لوٚگ دِل امی خیالہٕ دُب دُب کرنہِ زِسہ گوٚ ژھنہٕ پانہٕ مور کرِتھ نیا یٕلی اُنزراوُن۔ سونیایہٕ اُس دراصل سیوادری گیلانی یم لفظ یاد پیوان زِ رٛاسکولنکافس چھ وونی زٕ ے وتہٕ یا تہٕ خوجہ یاربل گرٛھُن نتہٕ...... مگر ہپارٕ اُس تس رٛاسکولنکافنہٕ خودداری، تکبر چ تہٕ باغیانہ طبیچ پورٕ خبر سوٗنچ سونچنہِ ''کیا یہ چھا ممکن زِبُزدلی تہٕ موتک خوف رٹہٕ تِمس خودکشی کرنہٕ نِشہِ باز'' سو اُس سخت مویوس۔

اختا بہٕ ہیوٚتُن لوٗسُن تہٕ سونیا رٕ ژ دارِ نِشہِ ووِدنہٕ رٕ ژِتھ انتہائی مویوس تہٕ غمہٕ ہٕو نبر کُن اُچھ درس دِتھ وتہٕ وُچھان مگراتہِ اوُسس نہٕ ہمسایٕن ہٕندِ مکانچن لبن ہٕنز سفیدی تہٕ ننگہ دیوارو وراٗے کہنہٕ تہِ بوزنہٕ یوان۔ یتھے تھکِتھ پھٹِتھ سو یتھ تنچس واٗ ژ زِ رٛاسکولنکافن چھے خودکُشی کرِ مژ تیتھے ژاور اسکولنکاف تھٕندِس کُٹھس منز۔

تس پیٹھ نظر پیتھے ژٕ ج تِمس بچارِ شادمانی کُنی کُنی کرٕ بکھ نیرِتھ۔ اما یتھے تمہ رٛاسکولنکافس بتھِس کُن نظر ترٛاٗ و یکدم ڈوٗل سونیا یہٕ پننہِ بُتھیک رنگے۔

''سونیا! رٛاسکولنکافس آواسُن بو آس ژٕ ے نِشہِ صلیب نہٕ باپتھ ژٕ یہٕ دیتھ نا مشورٕ زِ مےٚ پزٕ ژٕ تس پیٹھ سارنی دیدمان ساٗری سے دُنیا ہس برٛونٹھہٕ کنہٕ کرٕ بکہِ دِی دِی پنٕن جُرم قبول کرُن۔ تہٕ وونی ییلہِ سہ وقت ووت تہٕ ژٕ چھکھ پیٚزاہ ترٛ ہر پمو۔ وجہ؟''

سونیا اُس زنتہٕ بُت ہٕنتھ رٛاسکولنکافس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ رٛاسکولنکافن کتھ کرنک انداز با سیوو تس سبٹھے عجیب تہٕ کرچہ اُڈجہ زنتہٕ تھرِ تھرِ تلن واجنٕ برٛ ژند سے

لیس۔ مگر أکس بزنِس منز گوتس احساس زِ را اسکولن کاف اوس زأنتھ مأنتھ امہِ آیہ تہٕ اندازٕ کتھہٕ کران تہٕ چھُنہٕ سونیایہٕ ستہٕ نظرے رلأوِتھ ہیکان۔

سونیا! مےٚ سۆنچ واریاہ تہٕ ووٚتُس أتھی نتیجس پیٹھ زِ میانہِ خأطرٕ چھےٚ أتھی منز بہتری۔ اتھ منز چھےٚ خاص کتھ یہِ زِ......خأرتز اویہِ کتھ۔ یہِ چھےٚ زِ یتھ ذلیل تہٕ فی الحال چھُنہٕ اتھ پیٹھ بحث کرنُک کانہہ حاجتھ۔ ژےٚ چھُیہِ پتاہ مےٚ کتھ پیٹھ چھُ شرارتھ کھسان؟ صرف یمہِ خیالہٕ زِ بے وقوف تہٕ حیوأنی خصلژ انسأنی کھوکھ آسن أس وہرأوِتھ مےٚ پزاران تہٕ پننہِ احمقانہٕ سوالو ستہٕ کرن مےٚ چور تہٕ۔ یم پنچ تہٕ بےٚ حبس لُکھ کتھ لاگن مےٚ ہانژھ۔ سوال پزژھُن اوس کُنہِ حدس تام ٹھیک مگر یہندِس پزبتھ سوالس پنیہِ مےٚ جواب دیُن۔ تی سۆنچتھ چھُم وُبۆ دُرووتھان۔ اُف......پرافری لیس زِشہٕ گژھہِ نہٕ ہو ہرگز تہٕ۔ ہو گوس تہندِ وونی تنگ۔ ہو گژھے میانہِ خیالہٕ پننس پزأنس دوستس دو لیفٹنس زِشہِ حالانکہ سُہ تہٕ چھُ توہ پھلکی پأٹھی وٕتھی گژھان۔ سُہ کرنےٚ ہو حأران؟ شش پنجس منز تزاون مگر پأنسے پیٹھ گژھہِ مےٚ ضبط روزُن۔ تاب گژھہم روزُن، مےٚ ووت ناواریاہ کالہٕ پیٹھہٕ مزاز تیز یمتِس۔ کیٚاونے وٕنی اوُسس ہو پننہِ ییٚنہٕ مُشتہٕ ہاوان! بچارٕ قصوراوُسس سوأس میون أخری دیدار کرنہٕ باپتھ پزاران......مےٚ چھِ یہِ عجیب حالت گژھان۔ خدایہ......بہ کوتاہ چھُس گریومُت......ژھُنس بلاے ......وولہٕ......أن کتہٕ چھےٚ صلیب؟"

سُہ اوس نہٕ دراصل حبسن منز۔ ونان کران کیٚا اوس تمیُک اوُسس نہٕ پانس تہٕ ظونے۔ سُہ اوس نہٕ سوکھہٕ۔ زبردست بے قرأری أسس۔ نہ اوس کُنہِ جایہِ تابہٕ سان روٚزِتھ ہیکان تہٕ نہ کُنہِ چیزس پیٹھ پوٚرٕ پأٹھی توجہ دِتھ ہیکان۔ سُہ اوس خیالن ہنزٕ گتہٕ منز پیر گوہان۔ اکھ خیال پنس ستی اوس بیٚاکھ پأدٕ گژھان ڈیو اکھ أکس ستی ٹھاسونہٕ یتھ اوشکھ گُھریوان یمہِ کنہٕ سُہ بے ربطہٕ پأٹھی کتھ کران اوس تہٕ اتھن أسس بدلے نٹِ نیاہ۔

سونیا گیہ لوتی تہٕ مُژ رووُن میزک ڈرار تہٕ امہِ مژٕ کڈِن ژٔندن لٔکر ہُند اکھ تہٕ بیٚا کھ ترامُو صلیب ۔ تمہِ بنوو گوڈٕ پنٕنس تہٕ پتہٕ رَاسکولنکا فنس سینس پٮ۪ٹھ صلیبُک نشان تہٕ لٔکرِ ہنٛز صلیب ترٲوِن تٔہنٛز گردنہِ منٛز نالی۔

"یہ گیہ میانہِ پھہہِ کھسنٛچ علامت...... ہاہاہا" تٔمۍ اوٚس ٹھاہ ٹھاہ کران ۔ وُنیستام یُس تکلیف تٔلِم تہٕ ژنتہٕ کٲفی اوسے نہٕ ۔ یہ لٔکرِ ہنٛز صلیب چھےٚ عام تہٕ عام انسانٕنے خاطرٕ تہٕ ترٲمو صلیب چھےٚ لِزواتایہ ہنٛز یوسہٕ ژٕ نالی ترٲوکھ ۔ تلے یٮ۪ڑ ہاوُن ...... یہ صلیب ...... لِزواتا" تمہِ وِزِ اٚسس نالی؟ مےٚ چھُ یاد پہوان تتہِ اٚسی ژٕ چیز تمہِ ساعتہٕ آٹھیک چھُ...... اکھ صلیب اٚس روپہٕ سنٛز تہٕ بٮ۪یہ ۔ بٮ۪یہ اوس اکھ مجسمہ ۔ آمےٚ دِژٲے تم بُجہٕ ہنٛدِس لاشس پٮ۪ٹھ بٔرتھ ۔ وُنی کبس پزٕ ہن مےٚ تمے دوشوے چیز نالی ترٲوِنی مگر مےٚ کیٛا بکواس چھُ زیٚوِ نیران؟ امہِ سٍتی چھم اصل تہٕ خاص کتھ کرٕنی مشرِ پھےٚ گژھان۔

"توبا...... اوٚہ ...... مےٚ چھُ دوہہ کھوتہٕ دوہہ یاداشت کمزور گژھان ۔ دراصل آس بو سونیا ژےٚ یہ وننہِ زِ ...... ژٕ بوز...... آ ...... مطلب یہ چھسے ونن یژھان ۔ یمہِ خاطرٕ نا بو یور آمُت چھُس مگر مےٚ چھُ باسان ...... گوڈٕ کرٕ نیران نیران ژےٚ سٍتی بٮ۪یہ کتھہٕ ژٕ ژور...... ژٕ ...... ژٕ اٚسکھنا یژھانٕے بو گژھہِ ...... خاصٕ ٹھیک چھُ ...... بو گژھہِ ...... گژھہِ ...... سزا اچھُم ٹلن تہٕ ٹلہٕ ...... مےٚ سوزن جیل تہٕ ...... چاٗنی یہ خاہش گژھہِ پوٗرٕ ہتے ژٕ کیٛا زِ چھکھ ودان ...... مےَ وَد ...... وُدُن کتھ پٮ۪ٹھ چھُ ...... میانہِ خدایہ ...... ژےٚ چھےٚ خبر مےٚ چھےٚ اچھ نفرت"۔

"یتہِ چھےٚ وَدان ...... اٚمِس تہٕ چھُ میون غم ...... مگر کیٛا زِ ...... بو کیٛا واتہ اٚمِس؟ سُہ اوس سونچان" دِلس منٛز ووٗتھس جذباتن ہُند اکھ طوٗفان تہٕ بے اختیار پاٚٹھی ووٗژھس نظرٕ سونیایہِ کُن۔

"یہ کیٛا زِ چھےٚ ودان" دِلس اندر تُچھنٕ ٹلن واجینٛی دگ ؤتھتھ اوس سُہ بٮ۪یہِ سونچان

''ٲمِس تہٕ چھُ میون غم۔ یہے کورہن ہیٚکہِ مےٚ خبرگیری کٔرِتھ۔ میٲنۍ ژٕرس شوٗبہِ یہے''۔

''صلیبُک نشان بناو پننس سینس پیٹھ تہٕ کم از کم منگ اکہِ لٹہِ خدایس دُعا'' سونیایہِ کوٚرُس استدعا مگر آوازِ اندرٲےسس تھرٕ۔

''ٲشا کٔرِتھ.....سونیا.....یہِ ژٕ ونکھ تہٕ تتھہٕ پٲٹھۍ ونکھ.....تہٕ دِلہٕ کہٕ ژٕ کہِ ...... سونیا.....دِلہٕ کہٕ ژٕ کہِ چھُس .....تمۍ ووٚن حالانکہ وُنۍ اوسُس بدل گیاہتام۔

تمۍ بنوو سینس پیٹھ ترٕیہِ پھرِ صلیبُک نشان۔ سونیایہِ ٹُل شال تہٕ ترٕ ووٚن پننین شانن پیٹھ۔ یہِ اوس سُے نیلہِ رنگُک شال ییمیُک ذکر ''مارمیلادوفن'' ''خاندٲنی شال'' ؤنتھ کریوو۔ رَاسکولنکافس پیےٚ مارمیلادوفنۍ یم الفاظ یاد اما سونیایہِ ستۍ کٔرن نہٕ شالس نسبتھ کانہہ کتھ۔ تمِس اوس پانس ییمہِ کتھہِ ہُند احساس زِ تمِس چھ واقعی واریاہ کتھہٕ مشرِ پھےٚ گژھان تہٕ ٲندرٕ ٲندرٕ چھُس گُستام خوف تلک پیٹھ کران۔ ییمہِ کنۍ دہشت اوس گژھان۔ ٲتھۍ منز گوٚ ییمہِ خیالہٕ سرشار زِ سونیا تہٕ چھےٚ ٲمِس ہمراہ ینہٕ واجینۍ۔ مگر توتہٕ ووٚننس۔

''یہِ کیٛا چھکھ ژٕ کران۔ ژٕ ےٚ کوٗت چھےٚ گژھُن؟ ژٕ روز ییتۍ۔ بوٚ گژھہٕ کُنےٚ زوٚن'' سُہ لوٗگ پاگلہٕ سندۍ پٲٹھۍ دروازس کُن دونہِ ''جلوٗس کمہِ باپتھ.....مفاد؟'' کتھہِ منزٕ نبر نیران اوس سُہ پٲنۍ پانس ستۍ ونان۔

سونیا زِنتہٕ سےٚ منز گٔژھس رٔہتھ گیہِ۔ رَاسکولنکافن ہیوٚتُس نہٕ پتولاکن روخصت تہٕ کٔہنۍ تمِس گیہِ سو یکدم مشرِ پھےٚ۔ ٲمۍ تکلیف دہ شکن تل تمِس طلوتم۔

''اما بہٕ چھسا ٹھیکے کران؟ یہِ کینژھا سپدان چھُ۔ یہِ چھا منٲسب؟ پزِیا مےٚ یہِ کرُن کنہٕ نہٕ؟'' سُہ اوس ہیرو سان وسان سونچان۔ اگر ےٚ بوٚ ییتۍ پیٹھہِ واپس پھیرِتہٕ گژھہٕ نہٕ تور.....تۍ روز نا ٹھیک؟''

مگر ٲتھۍ ستۍ روٗد بڑٕ دونہہ کُن تہٕ پکان۔ ٲتھۍ منزٕ آس یہِ خیال زِ ییمن سوالن

ہُنٛد وقت موکلیو وونی ......یٔلی پان کرُن پریشان ......فأیدٕ ؟

''یٖیلہِ سُہ سڑکہِ پیٹھ ووت تمِس پیوٚ ویادٕ زِ سونیا یہِ ہیوٚ تنہٕ تٔمی پوٗلِس روخصت تہٕ

کِہنی۔ تہٕ کُٹھہِ منٛز نمبر نیر نہٕ وِزِ اُس سونیاسےٚ منٛز کُٹھس ہے بنگہٕ گرٕ ھتھ استادٕ تمے نتہٕ

نیوٗل شال پھیکِن پیٹھ ترٛ ایو۔ تٔمی رُکأوی یکدم قدم۔ پوٚزأٹھی منٛز آس بیٚاکھ خیال زنتہٕ

سُہ خیال امی موقعہٕ کِس تلاشس منٛز اوس۔

''مگر یو کیٚا زِ گرٕ ھہٕ وونی اُمس نِشہِ ؟ مےٚ اوس نا اُمس ووٚنمُت یو چھُس اکہِ

خاص کامہِ باپتھ ژےٚ نِشہِ آمُت۔ سو کوسہٕ کأم اُس مےٚ ؟ مےٚ اُس نہٕ اُمس نِشہِ کِہنی

کأم۔ تیٚلہِ کیٚاہ یو آسا اُمس یہِ وننہٕ خأطرے زِ یو دراسے۔ یہِ کوسہٕ اہم کأم اُس تیٚلہِ۔

تیٚلہِ چھامےٚ اوہنٛد سرٛ بہہ گنیومُت ؟ نانا...... ہرگزنہٕ ......مےٚ اَے اُمس ہوٗنی ہاں

کوٚر۔ تیٚلہِ کیٚا مےٚ اوسا پزی اُمس بس صلیب ہیوٚن ؟ میانہِ خدایہ۔ یو کوتاہ چھُس

گریومُت ؟ نہ...... نہ......یو اوسُس نہٕ تہٕنزن اُچھن منٛز اوٗش وُچھن یژھان۔ یو

اوسہٕ سن یہِ کھوژناوُنی یژھان۔ یو اوسُس وُچھان اُمس ووتھیا دِلس ٹچھنی۔ دِل

پھٹہ سا ؟ کنہٕ یہٕ اوسُس بہانہٕ ژھاران یہِ گر، یہِ منحوس گر گرٕ ھ ملساونہٕ ینٛی ؟ نہ مےٚ اوس

ہمدردی ہُنٛد حاجت تہٕ اوے گیوس قصد کرِتھ اور۔ وُنیستام یُس ہلہٕ ڈلہٕ مےٚ کوٚر یو

اوسُس تمیُک اظہار کرنہٕ باپتھ بہانہٕ ژھاران زِ تور گژھنس ژیر لاگنہٕ باپتھ چھُس نہٕ

یو ذمہِ دار بلکہِ میأنی کمینگی......آ......یو ......یو......چھُس ......بوٚڈ......کمینہٕ...... تہٕ

چھُس ......اکھ......اکھ......بنٛچھوٗن ......ذلیل تہٕ بےٚ کارنفریُس کانٛہہ تہٕ فأصلہٕ پانہٕ

کرِتھ چھُنہٕ ہبکان تہٕ اوِ کِنی چھُس گاسہٕ کرٕ ژن تھپہٕ دِوان ...... کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ سہارٕ

ژھاران ......خدایا! یو کوتاہ نیچ چھُس !''۔

سُہ ووت نہرِ پیٹھ تہٕ ووٚنی اوسُس نہٕ زیادٕ پکُن مگر کُدلس پیٹھ وأتِتھ ٹھہریوو۔

کینٛہہ بڑ نزی گوٗ ھی تھے بدلووٗنی تٔمی پٔنُن ارادٕ تہٕ کُدلہٕ ترٕتھ دراو گُھر چہ بازرس کُن۔ سُہ اوس

سٕبٹھ ہے غورٕ سان ژ وپاسے تہٕ پرٛ ٹھ چیزس وُچھان مگر کُنہِ تہِ چیزن آوٕ روونہٕ تو ہند توجہ۔ نوٕ ہفتہٕ یا شاید نوٕ رہتہٕ آسہٕ بہٕ قدٕ بن ہٕنزِ گاڑِ منز بہتھ پیتھی کڈلس تران۔ اما تمہِ وِزِ کیا سنا آسن نہرُ وُچھتھ میأنی جذبات؟ اما تمہِ وِزِ آسیا مےٚ یہِ سورُے یاد، یہِ بہٕ وُچھان چھُس؟ روزیا مےٚ یہِ سورُے یاد؟ مےٚ چھُنہٕ باسان ییمہِ دُکانک یہِ سائن بورڈ کیا ہکبن یپأری بند گاڑِ منز نیرنس دوران پرٛتھ۔ اتھ پٮ۪ٹھ چھُ لیکھتھ ''کمپنی'' بو تھاوے امیک ''ک'' ذہنس کھٔنتھ۔ اکہِ ہفتہٕ یا شاید رٮ۪تہٕ پتہٕ بند گاڑِ منز یپأری نیرنہٕ وِزِ کرے بو گاڑِ ہنٛزِ دارِ کنی کمپنی ہُند ''ک'' وُچھنٛچ کوٗشش۔ وُچھو تمہِ وِزِ کیا آسن میأنی جذبات۔ میأنی تہٕ میانہٕ دِلچ حالت کیا آسہِ۔ مےٚ کیا آسہِ محسوس سپدان، بو کیا آسہٕ سوںچان......عفو...... کمہِ فضول تہٕ بےٚ کار کتھہٕ چھُس بو سوںچان اتھ منز کیا چھُ شکھے زِ ییمہِ نوعیتہ آسہِ یہِ سورُے ژِ تر پھاٹناون وول تہٕ دلچسپ منظر۔ ''ہاہاہا......بہٕ کیاہ چھُس یہِ سوںچان) بہٕ چھُس رژھہِ پتہٕ رژھہِ شُر بنان۔ لوکچو لوکچو کتھو ستی چھُس دِل بہلأیی کران۔ بو چھسا شرمندگی محسوس کران؟ پشیمان چھسا؟ فخر چھُسا کران؟ مےٚ چھُنہٕ فکری تران! اوٗہ...... ییمن لۄکن کیا سنا گوییم کیازِ چھِ ژبل ژرٹی کران تہٕ دکہٕ دکہٕ گٔرِتھ پکان؟ وُچھ ہُہ موٹہٕ۔ کولہٕ موٹہٕ جرمن۔ اُمی دیٚتے مےٚ دکہٕ۔ اُمس ماچھ پتاہ مےٚ کس دیُت دکہٕ؟......ہو گامہٕ پڈ......بچأر......بچہٕ ستی ہتھ بٔچھان......دپان آسہِ بو چھُس سوکھہٕ ساوِتہٕ خوش اُمس دِمے بو کینژھا رۄزِن اُتھی خوش فہمی اندر۔ پانژھ کو پیک چھِ مےٚ چندس۔ خدایس علم ییم کتہِ واتی میأنس چندس منز؟ رٹ سا......ہے پایہ بجی......رٹھ ییم''۔

''خداے گٔری نے رُت'' گامہ بُجہِ کوٗرنس گوٗل برٛتھ دُعا۔ گُھرچہِ بازرس منز وأتتھ آسہِ تمِس یکہٕ پھیران۔ عام لُکہٕ ارساتس گن وُچھِتھ اُس تمِس نفرت ہش باسان مگر تہِ گٔرِتھ تہِ اوس تورٕ گن روخ کران یور گن لۄکن ہُند جسر آسان اوس۔ تنہأیی پرٛاونہٕ باپتھ اوس سُہ پٔنن سورُے کینٛہہ دِلس پٮ۪ٹھ تیار گژھان حالانکہ زانان اوس زِ

سُہ ہیکہِ نہٕ کینژن منٹن تہٕ تنہارؠ زِتھ۔ اکہٕ لٹہٕ آسی واریاہ لُکھ جمہٕ گوٚڈٕ کٔرِتھ یمن منز باگ اوس اکھ زٕو نا تیمی شراب چوٚمُت اوس نرٕنچ کوٗشش کران تہٕ اَتھی کوٗششہِ منز اوس سُہ وٕسی پیٚے پیٚے بیٚیہِ ووٚتھنچ کوٗشش کران ۔ رٔاسکولنکاف روٗد لوٚکن ٕ چھن کھوٗرد کہٕ دِتھ وٚتھ کڈٕتھ سارنے برٕونٹھہِ کنہِ استادٕ۔ کینژن منٹن روٗد شرأبس کُن وُچھان تہٕ پتہٕ لوٚگ بوقہٕ پھٔلِتھ اسنہِ۔ اکی منٹہِ پتہٕ گوٚ تٔمس سُہ شرأبی مشرٕ پھے حالانکہ وُنہِ تہِ اوس تٔمی ہے کُن وُچھان۔

چھیکرس دراوسُہ جسرِ منز نبر تہٕ فوراً گوس مشرٕ پھے زِ سُہ اوس کتہِ۔ مگر یٚیلہِ سُہ چوکس منز ووت تہٕ اَکی فوری تہٕ مضبوط جذبن کوٚر تٔمس پٹھ غلبہٕ۔

یکدم آے تٔمس سونیایہِ ہنٛدی الفاظ یادؔ ووٚتھ، فوراً نیر۔ وُنی تیٚمی دمہٕ وات چوکس پٹھ۔ سجدٕ کٔرِتھ کرتہِ زمینہِ میوٗٹھ کیاز ِژنے کٔرتھن یہِ بجس تہٕ پتہٕ کر سأری ہے دُنیاہس ژٕوشوٕنی طرفن کُن بُتھ کٔرِتھ سجدٕ تہٕ باآوازِ بلندون "بوٚ چھس خوٗنی" تہٕ پتہٕ کری ژنے خدائے نوٚ وروح عطا"۔

یم الفاظ یادٕ پیٚتھے ٕ ژھ تٔمس تھرٕ تھرٕ۔ پتہِ مبن دہن ہنٛز خصوصاً آخری گنٹن ہنٛز پریشأنیہِ بےبسی تہٕ بےقرأرییہِ وٕڈل تس تتھہٕ پأٹھی نال زنتہٕ مرگیہِ ہُنٛد دورٕ پیوس یتیمہِ ،کنِ رگن زنتہٕ تنتی کرٕکی پأٹھی چار آس۔ یہِ اَس اکھ تیٚنمبر یوسہِ اَہنٛدس روٗحس منز زوتان اُس تہٕ رگہِ رگہِ تہٕ رُمس رُمس منز نارٕ برٕ ہہ ژھٹہٕ ناوان اُس۔ تیٚمی نارن سُہ موٗمکی پأٹھی وبگلووتہٕ اَچھو جویہِ اوٚش وسنہِ لوٚگس۔

تٔمی کوٚر تتھی سجدٕ۔

سےٚ منز چوکس ووٚتھ سُہ کوٗٹھن پیٹھ تہٕ دیُتن ڈ بکہٕ زمینس تہٕ عجیبے خوشی تہٕ وجدٕ کِس عالمس منز لوٚگ گندگی تہٕ غلاظتہٕ ستی بٔرتھ زمینہِ مونہِ تہٕ میٹھی کرنہِ۔ تھوٚدٕ وٕتِھتھ ووٚتھ بیٚیہِ سجدس۔

''أمی بچارن چھُ زیادے چوٚمُت'' نکھہٕ تلے استادٕ أکی نوجوانن وۄن۔ لکھ أسی ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ اسان۔

''ہے بابیو...... یِمِس شخصس چھُ یروشلمکس زیارتس گژھُن۔ پننین شُربن بأژن تہٕ وطنس چھُ الوداع کران۔ سأری ہے دُنیاہس برٛونٹھہٕ کنہِ چھُ سرخم کران تہٕ پننہِ وطنچہ مقدس سرزمینہِ چھُ میٹھی کران۔ خاک پاک چھُ یزتہٕ تہٕ احترامہٕ سان پننس کلس بران''۔ نشس منٛز مست أکی موٚ زۄرن وۄن۔

''ہیا وُنہِ ہا چھُ دوہ ہبڈ رہیوٚ جوان'' ترٛیُم وۄتھکھ۔

''تہٕ شریف تہِ چھُ'' ژۄرِم نیوٚ اعلان کٔرِتھ۔

''ازکل نسا چھُنہٕ سہل وَنُن شریف کُس چھُ تہٕ بد معاش کُس'' پنٛژِم وۄن فلسفیانہٕ نوکتہٕ۔

''یمو الفاظو دیُت رَاسکولنکافس چوٚپٲرۍ یہ ڈیٚژِ زِ تہِ بو چھُس خونی'' الفاظ اوس سُہ زِ نوٚ کڈن وول زِ یہنز وِکھو دیُتُس ہٹس گنڈ تہٕ لفظے گأس زنتہٕ زِ نوِ پپٹھ روٹہٕ۔ لیکن ہنٛدی یم تبصرِ بوٚزِن بڈ آرامہٕ سان تہٕ یمن کُن وُچھنہٕ کرنہٕ ورأے دراو تہٕ ووت تتھ سڑکہِ پپٹھ یوسہٕ پلسہٕ تھانس کُن گژھان أس۔ وتہِ ہرگاہ کینٛہہ ڈیوٹھُن تمہٕ ستی گیس نہٕ کانٛہہ حأرأنی۔ کیاژِ پتاہ اوسُس یہِ چھُ سپدُ وُنے۔ دوٚیم سجدِ کوٚرنی کھرچہ بازرس منٛز تہٕ تتھے کلہٕ تھوٚدتلن تہٕ نظر پییس سونیایہِ پپٹھ یوسہٕ أمِس نشہِ قدم پنٛژاہ مرِ دۄرِ أس۔ یوسہٕ اکہِ دُکانہٕ کہِ تھرِ پتۍ کنی ژۄرِ روزنچ کوٚشش کران أس۔ سو رۄز رَاسکولنکاف سنٛدِس یتھ مختصر مگر عجیب وغریب تہٕ تکلیف دہ سفرس منٛز تٔمِس لرِ لور۔ لہٰذا گوٚو نہٕ تٔمِس سو وُچھِتھ کانٛہہ تعجب کیاژِ امیک اوس تٔمی گوڈے اندازٕ لگوومُت۔ تٔمِس باسیوو زِ سونیایہِ تٔمِس برابر ستی دُنیاہکس أخری اندس تام تہِ۔ سُہ گوو سخ متأثر تہٕ دِلس وُژھس یسرا رے دہش ستہٕ منٛزِل مقصود چھُ ووٚنی وار یاہ نزدیک؟

سُہ ژاو بڈ سکونہٕ تہٕ اطمینانہٕ سان پُلسہٕ سٹیشنہٕ چہٕ عمارژ ہنٛدِس آنگنس اندر۔ تہٕ تمِس اوس کھسُن ترٛیمِس پوٗ ہرس پٮ۪ٹھ۔

''ترٛیمِس پوٗ ہرس تام واتنس لگہِ واریاہ وَکھ'' سُہ لوٚگ سونچنہِ ''سو منحوس وِز یوسہٕ میانٮ۪س قسمتس لکھنہٕ آمٕژ پوٗرٕ کرن واجینٛ اُس پتھ وُنہِ مےٚ نِشہِ دوٗر تہٕ اگرے سُہ ییٚژھہِ تیٚلہِ ہیکہِ پنُن ارادٕ وُنہِ تہِ بدلٲوِتھ''۔

سو گندتہٕ غلاظت تہٕ ہیر ہنٛدی تمے ژُکرٕ دارپاوی تہٕ پاوہن پٮ۪ٹھ دارتھ دِنہٕ آمٕژٕ ڈٕلہٕ کنجہِ۔ سُے پھکھ تہٕ دم کرٕ وُن ماحول۔ زنتہٕ تنہٕ اتھ تہِ ڈولمُت اوسہٕ ہس نہ نہٕ رَاسکولنکاف گوڈنچہِ لٹہِ اورآیوو۔ تنہٕ کھوٚت سُہ از اور۔ تمِس اوس نہٕ زنگن جِسے، باسان اوسُس زنتہٕ پنُن بورتُلی تھے چھُنہٕ ہبکان تہٕ گرِتھ تہٕ اوس ہیوٗ رہیوٚ رکھسان۔ اَکس جایہِ ٹھہر یوو دم سنبھالنہِ۔ یتھ پنُن جسں تہٕ ہوش ڈنٛجہِ تھاوِتہٕ اتھ منحوس جایہِ بہودرٕ ہنٛدی پاٹھی اَژِتھ ہیکہِ۔

''مگر کیازِ؟ کمہِ باپتھ؟'' سُہ لوٚگ حیرتہٕ سان سونچنہِ ''اگرے زہر پیالہٕ چوٚنے چھُ تیٚلہِ کوسہٕ فرق پییہِ امہٕ سٟتی''۔

بڑ نزِس کھنڈس پیوٚ وامِس توہ پھلکی پاٹھی وُڈِتھ گژھن وول لیفٹنٹ'' ایلیا پیٹروِوچ یاد زنتہٕ مجسم بڑوٹھہٕ کنہٕ استادٕ گوس۔ کیا سُہ چھا واقعی تمی سے نِشہِ گوھان؟ کیا پییہِ کانٛسہِ نِشہِ ہیکہِ ہانا سُہ گژھتھ۔ مِثلن نکوڈم فوٚمچ تے چھُ؟ یہِ چھُنا ممکن وُنہِ تہِ پھیر یوٚت تہٕ گژھہِ تمی سے نِشہِ؟ یُتھ زن ژھوپہ ژھو پایہٕ تہٕ پاثیارٕ سان یہِ اَنزرٲوِتھ ہبکھو؟۔ نہ...... نہ...... توہ پھلکی پاٹھی وُڈن والی سے لیفٹنٹس نِشہِ گژھنے روزِ بہتر۔ اگرے یہ ٹیوٹھ زہر پیالہٕ چوٚنے چھُ گنے گرٕ وٕٹھ گرِتھ کیازِ چھمونہٕ''۔

اَتھن تھرتھرٕ اَژِتھ مُروودٕ تمی وارٕ وارٕ بر۔ سوٚرے بدن اوسُس شِتھیومُت تہٕ کینہہ سونچنہٕ سمجنک طاقت اوسُس نہٕ۔ وُنی کیس اَسی دفترس منٛز گوتام نفرے موجود۔

اکھ دیہاتی تہٕ دوٚیم دربان۔ گارت دِنہٕ وألی پُلسہٕ وألی وُچھ تہِ نہٕ تِمَس کُن۔ گوڈ نکہِ کمرٕ منز ترِتھ ووت رَاسکولنکاف دوٚیمس کمرس اندر" وُنہ تہِ چھُم موقعہ پٔتُن اراد بدلأوِتھ نیرٕ واپس کینْہہ وننہٕ کرنہٕ ورأے" تِمی سوٚنچ وُنہ تہِ اتہِ اوس اکھ کلرک یُس وردیہٕ ورأی أکِس میزس پٔتۍ کُنی کُرسیہِ پٮ۪ٹھ بہتھ کلہٕ میزس پٮ۪ٹھ ترٲٹھہِ ترٲوِتھ تیزی سان کینٛہہ تام لیکھان اوس دوٚیمس کوٗنس منز اوس بیٚاکھ کلرک یُس زامنہِ کران اوس۔ زیمی تاف تہٕ نہ نکوڈم فوٚج دوشوے أسی نہٕ اتہِ۔

"یِیتہِ چھُنا کہنٛ؟" رَاسکولنکافن پرٛژھ وردی ورأے کلرکس۔

"ژےٚ کس چھےٚ سمکھُن؟"

"آہا..... کأنسی وُچھ نہٕ یہِ یوان تہٕ نہ بوٗز کأنٛسہِ اوہند سر صدا۔ مگر مےٚ آو مخصوص مُشک ہے تتھ روٗسی پرٛیہِ ڈلیلہِ منز کینٛہہ چھُ سہ پتہٕ ونان؟ مےٚ ہسا گومشرِتھ۔ خأر وُنی تو کیا خدمت ہیکو کٔرِتھ؟ بنٛدٕ چھُ حاضر خدمت" اکھ زأنکار آواز گژھیزے یہِ۔

رَاسکولنکافس لرزیو سورے بدن۔ تو ہ پھلکی پأٹھی وُڈِتھ گژھن وول لیفٹنٹ اوس تس برٛونٹھہ کنہِ استادٕ۔ یہِ مأنی تو اکھ اتفاقے زِ سہ آو تر یمہِ کمرٕ منزٕ عأنی امی وِزِ اوٗ تن۔

"یہِ چھُ دراصل لأنس لیکھِتھ" رَاسکولنکاف لوٚگ سونچنہِ "نتہٕ کتہِ پھوٗٹ یہِ زمینہٕ؟" "ژٕ چھُکھ مےٚ سمکھہٕ نہٕ آمُت۔ حضرت شکریہ۔ وُنی تو یہٕ کیا خدمت ہیکہٕ کٔرِتھ؟" ایلیا پیٹرووِچن ووٚنس بڈٕ خوش خولقی سان" کأم چھیا کینْہہ تیٚلہِ آکھ عأنی موقسے پٮ۪ٹھ کینٛہہ زِ وُنی کیس چھس بو تہِ یِیتیٚ۔ بویہِ کینٛژھا چانہِ باپتھ ہیکہٕ کٔرِتھ تہِ کرٕ یوضرور۔ مگر مےٚ پیٚیہِ مأنُن زِ..... معأفی دی زبم...... مےٚ چھُ چون ناو مشرِتھ گومُت؟"

"رَاسکولنکاف"

راس..... کو..... لنکاف! انسا..... آ..... روٗڈی رابانو وِچ رَاسکولنکاف

ٹھیک چھا؟ گومہٕ چھُ چون ناو یاد۔ مشرِتھ چھُمنہٕ گومُت"۔

"گرِکی چھم روڈی یا روڈیاو نان ناو چھم رَاسکولنکاف"

"اؤہ......آ......آ......ٹھیک چھ۔ روڈیا، مےٚ چھُ ژٕ مُتلق واریاہ تحقیقات کوٚرمُت۔ مےٚ چھُ افسوس تمہِ ساعتہٕ کوٚرمےٚ ژےٚ سٟتی تمہِ آیہ سلوک۔ مےٚ گو پتہٕ مولوم زِ ژٕ چھُکھ ادیب۔ تہٕ عالم تہِ۔ خداے گرِی نَے رحم۔ ادیبن تہٕ سائنسدان ہندی کار چھِ آسان نوہنہٕ تہٕ نرل۔...... چھا کنہٕ نہ......بوٚ تہٕ میٲنی گرِ واجینٛز چھ ادب تہٕ ادیب نواز......خصوصاً چھُ میانہِ گرِ واجنہِ ادبک اعلیٰ ذوق۔ سو چھےٚ ادب تہٕ آرٹہٕ باپتھ سوٗرے کینٛہہ ترٛاونہٕ خاطرٕ تیار۔ سو چھےٚ وِنان اچ مولانکون چھےٚ تخلیقارٕ ہنٛز ذات پرٛزبولاوان تہٕ ووٚنی ہرگاہ سُہ شریف النفس آسہِ تیلہِ چھُنہٕ تمُس مقابلے کانٛہہ۔ علم عقل سلیم تہٕ تخلیقُک قووتھ وغارٕ چھُ اُمِس وراثتس منٛز تران۔ مثلن بوزن ہمیہٕ سارٕنے سرس افسرس ٹوٗپِ تہٕ دِمہٕ ووڈِ تہٕ لوٗکن پیٚیہ میون روعب مگر ٹوپہ تلچہِ کلہِ کھوٚ پرٕ منٛز یہ کینٛژھا تس چھُ سُہ نے بوٚ پننٛز ساٲرے دولت دِتھ مٟلی ہکہٕ نہٕ ہتھ۔ ہرِ لاگوورون سو بنیامہرینٛز۔ ......مےٚ چھُ احساس پٔتی مہِ پھرِیُس سلوک مےٚ ژےٚ سٟتی کوٚر، اوس نہٕ شایان۔ سوٲس میٲنی گستاخی۔ بوٚ اوسُس سونچانٕے زِ یہ یمہٕ ژےٚ نشہِ تہٕ منگے معاٲفی مگر پتہٕ سوٚنچم شاید یکھ ژٕ مےٚ نشہِ۔ کیٛا کروفرصتھے چھےٚ کم یوان۔ گوڈٕ چھُ میتہٕ ووٚنی کتھہٕ بکواس کرنٕک عادتھ لاریومُت پتہٕ چھ اصل کتھے مشرِتھ گڑھان......خاٚرٕ ؤنومسٹر جناب رَاسکولنکاف روڈی کمہِ باپتھ آکھ ژٕ ووٚنی کبس مےٚ نشہِ۔ مےٚ گژھہِ دلی خوشی اگرے ژےٚ کُنہِ قسمُک مدتھ کرِتھ ہکہٕ۔ یٚیہ دپان ژےٚ چھِی گرِ کی تہٕ یوٗرِ آمٕتی۔

"آ......مےٚ چھےٚ موج تہٕ بینہٕ آمٕژ"۔

آ......چانہِ بینہِ سٟتی ملاقات کرنٕک شرف میلیوم۔ طبیعت گو خوش۔ سو کاژاہ خوش اخلاق۔ پُر مرِوتھ تہٕ خوبصورت خوتون چھےٚ۔ یژھ بینہٕ پتھ ہکھ ژٕ پرٛزی فخر

گرِتھ۔ بو چھُس واقعی شرمندٕ تمہِ دوہہ باہم سپزٕ مژ تیز کلأمی پیٹھ۔ دراصل یُس ژٕ تمہِ وِزِ بےٚ ہوش گوکھ تمہِ ستی گومےٚ شک ہیوٗ مگر جنابو پتہٕ گوسہ معاملہٕ انتہأیی اطمینان بخش طریقہٕ صاف۔ سہ اوس ضدتہٕ شکہٕ پژا ئک انہِ گوٚٹ۔ بیٚیہِ کیاونہٕ؟ ژ ےکوتاہ آسی تمہِ وِزِ شرارت کھوٚتمت مےٚ چھُ وُنی کیس تمیُک اندازٕ سپدان۔ بیٚیہِ اوسُکھ ژٕ حق بجأنب...... خأر...... تژا وُنی کیس ما آکھ ژٕ پٚھُن نوٚ وایڈرس درج کرناونہِ۔ آوُنی چھے ژےموج تہٕ بیٚیہِ آمژ وونی آسبتھ ژےکُنہِ تھدِس بورڈنگ ہاوٗسس منزٕ شاندار فلیٹ روٗٹمت۔ تی چھا کنہٕ نہ؟''۔

''ن...... نہ...... نہ...... بس تہٕ تھےگِنی دِژٲم نظراہ...... سُہ ...... مےٚ ...... او...... مےٚ اوس خیال زیمی تاف ما آسہِ وُنی کیس دفترس منزٕ ےٚ''۔

آ...... آ...... جناب مےٚ تہٕ بوٗزتو ہہ چھُو زبردست چیٹر یارانہٕ۔ مگر زیمی تاف چھُنہٕ بیتہٕ۔ سُہ آونہٕ راتہٕ پیٹھہٕ کہنی۔ خدایس علم کوٚت چھُ گومُت؟ راتھ نیرن وِزِ دراو سُہ سارنےٚ ستی نیاے گرِتھ۔ ویسے زیمی تاف چھُ بڈٕ بددماغ لڑکہٕ۔ مگر مأنِن پیٚیہِ واریاہ گون چھُس تہٕ وومید چھُ کرِکینٛہہ نتہٕ کینٛہہ رُتےپوٗ زژےچھے خبرٕ ے أزکی یم روشن خیال نوجوان چھِ أندرٕ ہمل آسان۔ دپان اوس کیا ہتام امتحان چھُم دیُن۔ مگر وونأنی چھُنہٕ گُس تہٕ کمیُک امتحان! مگر مےٚ چھُ پتاسہ روز باد تھ کانٕے یٹس کالس امتحانٹک وکھ ختم آسہِ گومُت۔ کیا گو أزکین نوجوانن کتھہٕ چھِ زیچھہٕ زیچھہِ کران مگر عملانہٕ کہنی۔ وونی گوٚوچانٛی تہٕ چانٛس جأنی یا رازومنٛہن سنٛز کتھے چھ وکھرٕ۔ تھٕنز سوچن تژاے چھے لگے۔ اکہِ دوہہ ہرگاہ توٚہی ناکام تہٕ گژھو توٚہی گونہٕ ہیمتھ ہارن وألی۔ ادیب چھُ بہرحال ادیبے آسان یُس تنہأیی پسند آسان چھُ تہٕ زندگیہِ تہٕ امچہٕ دلچسپیہ پرکھاونٛک توہنٛد نکتہ نظر چھُ بیوٚن آسان۔ اکھ کتاب، اکھ قلم تہٕ تحقیقُک أنتھہٕ روٗس کُھلہٕ ڈُلہٕ مأدان۔ یہ چھُ تھٕنز کل کائنات آسان۔ بو تہِ چھُس رژھا توٚہی ہیوٗ......

سو......سو کتاب چھتھہٕ پَرمژ، لِونگ اسٹون سُند سفرنامہٕ؟''۔

''نہ''

''مےٚ چھےٚ پَرمژ......توبہ......توبہ......یُتے اوت نہ بلکہ چھ ووٚنی دُرس دُنیاہس منز نہلسٹ پأدٕ گأمتی......عجیب زمانہٕ چھُ یہ۔ ژٕ چھُکھنا انقلأبی کینٛہہ؟'' کھوژمہٕ صاف صاف پأٹھی وَن''۔

''ن......ن......نا''

''کھوژمہٕ۔ ژٕ ہمککھ مےٚ ءستی تتھے پأٹھی کتھہٕ کٔرتھ یتھہٕ پأٹھی تنہأیی اندر پأنٕ پانس ءستی کران چھُکھ۔ ڈیوٹی چھ الگ تہٕ......ہے......ژٕ آسکھ سونچان بو ونے دوستی چھےٚ الگ۔ ناجنابو چأنی یہٕ سونچن ترٛاے چھےٚ غلط۔ یہٕ چھےٚ نہٕ دوستی بلکہ چھی یم أکس شہری تہٕ أکس انسانہٕ ءسندی تاثرات۔ میٚتہٕ چھےٚ بنی نوع انسانہٕ ءسنٛز دگ تہٕ خدایہٕ سُند خوف۔ ہاں اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یِیلہٕ بو پننہٕ کُرسیہٕ پٹھ بہتھ آسان چھُس تہٕ بوچھُس افسر بنان ممکن چھُ لُکھ آسن مےٚ ظالم تہٕ جابر ونان مگر امہٕ باوجود چھُس بہٕ اکھ انسان تہٕ اکھ شہری۔ چنانچہ میٚتہٕ چھ پننی تاثرات، تصورات، نظریات تہ خیالات۔ ژٕ اوسکھ زیمی تافنی کتھ کران۔ بو چھُسے ونان جنابو سُہ آسہٕ کُنہٕ وأہیات شراب خانس اندر بہتھ شراب چھوان تہٕ پتہٕ تُلہٕ جتہٕ جوٗش۔ ووٚنی نتہٕ ژٕ مےٚ۔ اگر نے ژٕ ونکھ پانے چھُ پننہٕ زیوٗ تأریف کران بو ونے تیلہٕ بوچھُس وژھہٕ وأنجہٕ، ایماندأری سان پنُن فرض ادا کران آمُت تہٕ کران تہٕ چھُس میأنی خیالات تہٕ جذبات چھہٕ رٕتی۔ سماجس منٛز چھُم اکھ مقام تہٕ مرتبہٕ۔ خداین چھُنم عوہدٕ دیُتمُت تہٕ یہ زٕتھ تہٕ۔ مےٚ چھی شُری بأژ، اکھ رُت خاندار تہٕ چھُس تہٕ رُت مول تہٕ تمہٕ علاوٕ اکھ شہری تہٕ أکس انسانہٕ ءسندِ حثیتہٕ چھُس پنُن فرض سرانجام دِوان۔ ووٚنی کرتہٕ زیمی تافس کُن نظراہ، اکھ رُت شہری اکھ تعلیم یافتہٕ آسنہٕ کہٕ حثیتہٕ زن پرٕژھے ژٕیےٚ یمن دأیی ین ہُند تعداد چھُنا أچھی ٹٹہٕ وارِ منٛز پھٔٹن

والِبن ہبڈرن ہٕنٛدی پأٹھی ہُران"۔

رَاسکولنِکافن ترٛاؤ ایلیا پیٹرووچس کُن اکھ سوالیہ نظر! تہنٛز لنترٲنی أس أمِس بےٚ زار کران تہِ کُرِتھ تہِ اوس سُہ بوزان تہٕ رژھا پیٛو نتاہ سمجان تہِ۔ سُہ اوس راوان زِ ایلیا پیٹرووچ کیٛا چھُ تٔمِس وُنن یژھان "دائیہِ ؤنِتھ چھُ میون مرادمس ژچہِ کورِ۔ وَن کیُتھ منأسب تہٕ موزون خطاب چھُ دائیہِ ؤنِتھ مےٚ تٔمن دِیٛتُمت۔ ہاہاہا۔ علم پرٛاونہٕ باپتھ چھےٚ کُنہِ اکیڈیمی اندر دأخلہٕ نوان تہٕ پتہٕ چھےٚ موردن ژٹھ کپٹھ کران! ووٚنی ہرگاہ بو بیمار پیمہٕ مےٚ چھےٚ پننہِ علاجہِ باپتھ یِموٚ ےمنٛزٕ کانٛہہ داے انٛنی۔ وَن ووٚنی کیٛا چھُکھ ژٕ ونان؟" ایلیا پیٹرووچ اوس پنٛنِس اتھ جٹس پیٹھ واریاہس کالس ٹھاہ ٹھاہ کُرِتھ اَسان۔ علمک یہِ ذوق تہٕ شوق چھُ میانہِ خیالہٕ معأفی دی زبم یہِ ونس پیٹھ، ہنا سرد و گرم۔ علم گژھہِ ضرورتہٕ مطأبقے پرٛاوُن۔ زیادٕ علمہٕ ستیٚ چھےٚ دمباغس بدہضمی گژھان۔ پتہٕ چھی یِم نٔو تعلیم پرٛاون وألی پانس روشن خیال تہٕ ترقی پسند ؤنِتھ بزرگن بدردونان۔ تہٕ تٔہنٛدبن خیالن دقیانوسی ونان۔ یِہے بأش چھی زیٛمی تافس گأمِژ۔ نتہٕ کیٛا گو تٔمِس مےٚ کجن لبکہٕ؟ مےٚ کوٚرُن ہتک؟ تٔمِس کیٛا حق چھُ امیُک؟ ژٕ ہبککھ نہٕ اندازے کُرِتھ یِژھہ بدتمیزی چھےٚ ازکل عام گأمِژ۔ اتھ چھِ ونان روایتہٕ نِشہِ بغاوت کرٕنی۔ مگر مےٚ وَنتم امہِ بغاوتُک نتیجہ نیران کیٛا چھُ؟ خودکشی! یہِ چھےٚ أزی کبن نوجوان کوربن گبرن وَتھ ٹوٹیمٕژ۔ آبکی پأٹھی چھِ پوٚنسہٕ خرچاوان تہٕ پتہٕ یِیٛلہِ پھأنٛگر گژھان چھِ کران چھِ خودکشی۔ أزی بۄزأ کی نفرن چھےٚ پانس پھأسی دِژٕمِژ۔ سُہ چھنہٕ نوجوان اوسمُت مگر ترقی پسند چھُ اوسمُت۔ ہےٚ ٹل پاوچ۔ کیٛا چھُ تٔمِس جناب عالی سُنٛد ناو اوسمُت تیٚمہِ از صُبحنس پانس گوٚلی لأیمِژ أس۔

"سیوادری گیلاف" دۄیمہِ کمرٕ منٛزٕ وۄنُس کلرکن کرٛبکھ دِتھ۔ رَاسکولنِکافن کٔڈ ووٚتھ۔

''سیوادری گیلافن، ؔ لاٗیا پانس گوٗلی؟ تِمس ژٔج کرٕ بکھ نیر تھ۔

''ژٕ زانہٕ ہناسہ؟''

''زانان اوسن۔ تِمس اُسی یور آمتِس گرٕ تام دُہے گاٗمتۍ''۔

''آ......آ......سُے......دپان تٔہنٛزِ زنانہِ تہٕ چھےٚ کہے کال برٕ وٕنہہ خودکشی گرٕمژٕ۔

بوزنہٕ پاٗٹھی چھُ یہِ سبٹھہٕ ہے عیاش طبیعت نفراوسمُت تہٕ پتہٕ گٔرِن یکدم خودکشی۔ پُراسرار طریقہٕ۔ مرنہٕ برٕ وٕنٹھ چھُن پننہِ ڈائری ہٕندِس گوڈنکی ہے صفس پٹھ کینٛہہ سُطرِ لیٚچھمژٕ۔ لیوٚکھمُت چھُن خودکشی چھُ پننہِ خوشی تہٕ سوٗنچتھ سمجتھ کران۔ تتھہٕ پاٗٹھی نہ ہکون سہ پاگل مانٔنتھ تہٕ نہ ہکو تٔہنٛدِ موتک الزامہٕ کاٗنسہ دِتھ۔ مگر ژٕ کتھٕ زانٔہن سہٕ؟''۔

''میٲنی بینہِ اُس تتہِ کاٗم کران''

''اچھا......تیلے ژٕ سائی واریاہ گُھری کڈِتھ ہیکہکھ۔ سائی مُشکل گرٕھن آسان۔ اچھا گوڈٕ وَنتم ژٕ ے ماوسے شک گنیوومُت زِ سہ کرِ خودکشی؟''

بوچھس تِمس فقط راتھ سمکھیومُت تمہِ ساعتہٕ اوس سہ شراب چوان بس امہِ علاوٕ چھُنہٕ مےٚ کہنٛہ تہِ مولوم''۔

رَاسکولِنکافس اوس باسان زنتہٕ سہ پہاڑس تل ہیٚنہٕ آمُت اوس تیمٛی برٕ بکس کوٗرُس۔ تس باسیو ودم ہیوٗ۔

''ہے ژٕ ہے ییٚہِ زردیوکھ! آیہِ چھُنا دراصل کمرے ژٕ وپاٗرٕ بند۔ گنہِ لنٛدِ ما چھےٚ ییتھ ہولٕلی تہِ اژان''۔

''آ......آ......اچھا مےٚ دِاجازت''رَاسکولِنکافن وٕنُس''مےٚ نیوٗ چون واریاہ وَکھ''،''کہنٛہ پرواہ چھُنہِ ییلہِ ژٕ ے دِل آسی یژھان تشریف اُسی زِ انان۔ ژٕ ے سمکھتھ چھُ طبیعت خوش سپدان''۔ ایلیا پیٹروِچن کوٚر مصافحہ باپتھ اتھہٕ دراز۔

''دراصل اوٚسُس بوٚزیٖ تافس سمکھہٕ نہٕ آمُت'' ۔

''رُت گو۔ چانہٕ ینہٕ گومیٚتہٕ دِل خوش'' ۔

''میٚتہٕ ...... خدا حافظ'' رَاسکولنکا فن گُمنأوِ وُٹھ ۔

تہٕ سُہ دراو اتہٕ نبر ۔ سُہ اوس بمشکل قدم تُلتھ ہیکان ۔ زنگن أسِس ثٔنٛزٕ تہٕ کھور أسِس نیرِتھ ژلان ۔ تمِس اوس گیوٚر باسان ۔ أچھن تل اوسُس گوٚٹے گوٚٹ باسان تہٕ کہنہٕ تہٕ أسِس ینہٕ شوبود کران کیاچھُ تہٕ گرٕ ہان کوٚت چھُ ۔ تمۍ دیُٹ اکھ اتھہٕ دیوارس تہٕ اکی مدتہٕ لوٚگ ہتہٕ ؤہرِس بُڈٕ ہِندی پأٹھی آو سیمتیو قدموہیرِ وسنہٕ ۔ سُہ اوس غشی ہِندِس حالتس منٛز باسان ۔ أتھی منٛز باسیوس اکھ دربان کھوٚت کُنی ووٹہِ ہیرِ أہنٛزن شانن ہتی پان چھأوِتھ ۔ یوٚنہٕ اوس اکھ ہوٚن بدستور پأٹھی ووپھرارے کران مگر باسان اوس زنتہٕ میلہٕ واد پٮ۪ٹھہٕ أہنٛز آوازِ یوان أس ۔ رژھ کھنڈ اوس تمِس یتہٕ خیال زِ اکہِ زنانہِ لوے ہوٚنس کش کڈِتھ ژوچہِ بیلن تہٕ شرارتہٕ ہِنٛز کوٚڈنس کیاہتام وُہو ۔ یمہٕ سارے کتھہٕ زنتہٕ خوابس منٛز سپدان آسہٕ تہٕ خوابتہِ اوس وٚنلہِ منٛز ہینہٕ آمُت تہٕ غأر واضح ۔

ہیرِ ؤستھ ووت سُہ آنگنس منٛز تہٕ تتہِ أس گیٹس پٮ۪ٹھ سونیا اِستادٕ ۔ دہشتن ژأپتھ ترٛأومٕ تہٕ بُتھہِ زردیمٕ ۔ تمہِ ترٛأو پھرٕ یٹٕ گامٕ روٗسی کچہِ ہِندی پأٹھی رَاسکولنکافس کُن نظر سُہ گو زنتہٕ روٗزِتھ ۔ سونیا أس پریشانہِ حال باسان ۔ وُٹھ أسِس پھیری ہتی تہٕ نٹان ۔ بےٚ قرأری ہِندِس حالتس منٛز أسن اتھن ہِندی اوٚنگجہِ پنجہِ باہم رلأوی ہتی ۔ رَاسکولنکافنن وُٹھن پھیر اسن ترٛاے یتھ نہٕ کانٛہہ مانہِ مطلب یا دلکشیا أس ۔ أکِس منٹس روٗد سُہ بت بٔنِتھ وودنہِ ۔ تہٕ پتہٕ گرِن ئلی اسنہٕ ہناتہٕ واپس پھیرِتھ دراو پٔلسہٕ تھانس کُن ۔

ایلیا پیٹرووچ اوس پننِس میزس پتہٕ کُنہٕ کُرسیہِ پٮ۪ٹھ بہتھ ورق گردأنی کرِتھ

فائلہِ وُچھان۔ تِمس بڑ وٕنِہہ کنہِ اوس سُہ نفر استاد یُس رَاسکولنکافنِن شانن پان چھاوِتھ ہیرِ کھڑ وو۔

"ہلو......بیٚیہِ کیاہ زِ آکھ......مشرٕ پھے گویا کانٕہہ چیز؟ کیاہ ڈلیل؟"۔

رَاسکولنکافنہ بانٹہٕ پھٔلی ہشہٕ أچھی آسہٕ ایلیا پیٹروو چس کُن زنتہٕ درس لجمٕژ۔ وُتھ أسس سفید گاٹتی۔ آو سیمنتوِ قدمو پوٚک سُہ بڑ وٕنٹھ کُن۔ میزس نکھہٕ وأتِتھ دِتن دوٚشوے اتھہٕ میزس۔ کیاہتام ہبٕژ وون وُنن مگر ہیوٚ کنہٕ۔ ہٹہِ درایس کیاہتام آوازہٕ یوسہٕ نہٕ فکرِ تُرتہٕ بس۔

باسان چھُ ژےٚ گوٚے طبیعت بیٚیہِ خراب۔ ہیو کُرسی أنیو صاحبس خاطرٕ۔ تلاتزٕ لیش أنِو جل جل؟"

رَاسکولنکاف آو کُرسیہِ اندر وُکراونہٕ مگر تٔہنزٕ أچھ آسہٕ بدستور پأٹھی ایلیا پیٹروو چس کُن درس لِگتھ۔ تِم دوٚشوے أسی اکھ أکِس کُن وُچھان مگر زیوِ نہٕ کھنی تہٕ ونان۔ ایلیا پیٹروو چ سنز حأرانگی تہٕ ناگوأری اُس دوٚرِبوزٕنی تگان۔ تزٕلیش أنِکھ۔ "سُہ......سُہ ......او......او......اوسُس بوے" رَاسکولنکافن ووٚن دند ٹُوتھ۔ "تلاتزٕ یشہٕ داماہ چےٚ"۔

رَاسکولنکافن کوٚر اتھہٕ ہلاوِتھ تزٕلیش چینہٕ نِشہِ انکار۔ تہٕ ٹھہری وٕنن لوتہٕ لوتہٕ مگر صاف لفظن منز۔

"سُہ اوسُس بوے۔ مےٚ کوٚر رہنس پتھ چیز رٹن واجنہِ بجہٕ تہٕ تٔہنز بینہ رلِز واتا یہِ ہنٔد خون......تبرِ سٔتی......تہٕ......تہٕ......تٔہندی چیز نیم......ژوٚرِ"۔ ایلیا پیٹروو چس رُو دحأرتس پتھ اُس ووٚتھے۔

ژوٚ پاسے آیہِ نفری ژٔسِتھ۔

رَاسکولنکافن دیُت دُبارٕ پنُن بیان"۔

# "انڈ"

## (۱)

سائبیریاہ اکھ منفرد گشادٕ کشہِ والہِ ڈری یاوِ کس بٔڑس پٹھ آباد اکھ شہر چھُ رؤسہٕ کہ انتظأمی مرکز ونزٕ اکھ۔ اتھ شہرس منز چھُ اکھ قلعہٕ۔ قلعس نزدیک چھُ اکھ قأدخانہٕ۔ أتھی قأدخانس منز آو دؤیمہِ درجُک قدٕی روڈیا رومانووچ نون رٹنہٕ قأد تھاونہٕ۔ تہندِ ڈسی جرم سرزد سپدنہٕ پٹھہٕ وُنیُستام درائے لگ بگ اکھ وٕری تہٕ شےٚ رٕتھ۔

تہندِس مقدمس منز آونہٕ ساعتس دوران کانہہ بوڈ مُشکل درپیش۔ مجرمن یُس بیان گوڈٕ دیت سُہ رؤدتھ پٹھ کُنہِ ہیرِ پھیرِ ورأے ڈٔٹتھ، مزاز کنہٕ رؤد مستقل تہٕ حرفہٕ حرفہٕ وؤنُن صاف پأٹھی سپُد کیاہ تٔمی کوٚرنہٕ معاملہٕ گھری داربناونچ یا واقعات غلط اندازٕ پیش کرنچ کوٚشش۔ییمہٕ ستی معاملس اندنہٕ بجایہٕ طوٗل لگہِ ہے۔ نہ کٔرن واقعات پننہٕ گوٗ نرم کرنچ کانہہ کوٚشش تٔمی تھأونہٕ أڈ کتھ تہٕ ژوٗرِ۔ بأنہٕ بأنہٕ وؤنُن تفصیل۔ تٔمی وؤن عدالتس بڑ ونٹھہٕ کنہِ وضاحتہٕ سان یہٕ قتل کتھہٕ کوٚر تٔمی گروتھاونہٕ آمتہِ چیزُک رازتہٕ (بچہٕ کھٔنڈ یتھ دون ٹپنہٕ کھنجن ہُنڈ خول اوس) یُس مقتولہٕ زنانہٕ ہنزِ موچھہِ منزٕ کڈنہٕ آمت اوس۔ تٔمی ووٚن رژھہِ رژھہِ کتھہٕ پأٹھی کجہٕ تٔمی کُنزٕ تہٕ تمہٕ کرٕھہٕ آسہٕ تہٕ صندوق تہٕ وؤنُن کیُتھ اوس تہٕ تتھ منز کیاہ کیاہ اوس۔ لتر واتا کتھہٕ کنہٕ سپز قتل تتہِ وؤنُن سورُے وضاحتہٕ سان۔ تتہِ دہ ہروؤن یہٕ تمو باہمی گفتگوہس دوران وؤنمت اوس پتہٕ کتھہٕ کنہٕ وؤتھ سُہ دوان دوان ہیرن بون تہٕ بوٗزِن ٹیچر وٕننہٕ تہٕ دِمترینٕ گرم گفتأری۔ سُہ کتھہٕ رؤدأ کس خأنی فلیٹس اندر ژوٗرِ تہٕ پتہٕ کتھہٕ ووت پٔنُن گرٕ۔ أخرس پٹھ کٔرن وارنیوسکی علاقس منز تمہِ کنہٕ ہنز نشاندہی یتھ تلہٕ کنہٕ بٔٹوٗ تہٕ زیورات ژوٗرِ أسن تھأوی متہٕ۔ سورُے سپُد

بازیاف۔ پرٛ ہتھ کانٛہہ چیز اوس مکمل طور عیاں۔ وکیلن تہٕ ججن گو تعجب باقی چیز و علاوٕ
یمہِ حقیقتہٕ سِتی زِ تٔمی آسی زیورات تہٕ بٹوٕ کنہِ تل تھأوی ٕمتی پۆز مصرفس نہ لأگی ٕمتی کینٛہہ تہٕ
امہِ کھوتہٕ تہِ ہیوٚ رُے یمہِ موجب زِتس اوس نہٕ وُنہِ تہِ پتاہ زِیم زیورات کتھی چھی۔ یہِ
حقیقت زِ تٔمی اوس نہٕ بٹوٕ مُژ رووُمُت تہِ یتہِ اوسُس نہٕ علم زِ اتھ اندر چھُ کوتاہ رقم چھنہٕ
پرٛھ کرنس لایکھ مگر...... بٹوٕ منٛزٕ درٛاے ترٛے ہتھ سداہ رُوبل تہٕ شیٹھ کوپیک۔ کنہِ تل
ییتس کالس روزٕنہٕ سببہٕ آسن پیٹھِم کینٛہہ نوٹ دوورٕنی ہیتیٚ ٕمتی۔ تم آسی کینٛژس کالس
یہِ کھرٕ کرنچ کوٚشش کران زِ کیاہ وجہ چھُ مجرم چھُنہٕ اتھ متعلق پۆز ونان یِیلہِ زن تٔمی
سوٚرُے کینٛہہ صاف صاف تہٕ بأنہٕ بأنہٕ دۄنژھر ووتہٕ ننہِ وانہٕ پأٹھی دلیرانہٕ اندازٕ جُرم مٔتہِ
ہیوٚت۔ چھیکرس وأتی کینٛہہ نفسیأتی معاملاتن منٛزٕ بڈٕ مہارت تھاون وألی ماہر وکیل
یتھ نتیجس پیٹھ زِ یہِ کتھ چھےٚ ناممکن زِ تٔمی کیاہ چھُنہٕ بٹوٕ مُژ رووُمُت تہٕ تٔمی کیاہ چھُنہٕ وُچھمُت
بٹوس اندر کیا چھُ تہٕ لہٰذا کیا اوسُس نہٕ تمہِ وِزِ علم اتھ اندر کوتاہ رقم اوس یمہِ وِزِ یہِ کنہِ تل
دبأوِتھ تھووُن۔ بلکہِ وأتی تم یتھ نتیجس پیٹھ زِ جرم چھُ جنون۔ کُس عارضی دورس دوران
کرنہ آمُت انتہأیی ذہنی دباوس دوران کُنہِ خاص مقصدٕ رۆستے یا کُنہِ تہِ فأیدٕ کہِ ہاوسہٕ
ورأیی۔ یہِ چھُ عارضی پاگلأزی ہنٛزٕ نۆ ینہٕ تھیوری ہنٛدِس زُمرس منٛزٕ ینہٕ وول مجرم یوسہٕ
زن أزی کُس زمانس منٛزٕ واریاہن جرمہٕ کٔبن معاملن پیٹھ لوگو سپدان چھی۔ پیٹھ
دِژ واریاہو لوٗکو گوأہی تہِ رَاسکولِنکافنہِ ذہنی طور دباوس تل آسنٕچ تموکوٚر تہنٛدِ نفسیأتی طور
ڈیوٚل آسنک تصدیق تیٚنچ تِمو گوأہی دِژ مثلن ڈاکٹر زوسی موفن، تٔہندٕ بۆ برٛۆ نہٕ موٚہم
جماعتیو، تٔہنزٕ مکانہٕ مألی کینٛہِ تہٕ تٔسنٛدی نوکرن۔ امہِ ساری سِتی میوٚل یتھ کتھِ دربر زِ
رَاسکولِنکاف چھُنہٕ عام پیشہ ور قأتلن تہٕ لوٗٹرٕ بن ہیوٚ بلکہ چھُ یتھ کیسس منٛزٕ بیٚیہِ تہِ
واریاہن محرکاتن ہُنٛد عمل دخل یمو کٔنہ یہِ جُرم سرزد سپدُ مُت چھُ۔
امہِ جدید تھیوری ہنٛزٕ حمایت کرن والین آس مجرم سنٛدِس بیانس پیٹھ درٕہ

کھسان زِ سہ چھُنہٕ پٔنن بچاو کرنٕچ کوٗشش کران۔ یتھ فأصلہٕ کُن سوالس زِ سہ کمی چیزن کوٗر یہِ قتل تہٕ ژوٗر کرنس پیٹھ آمادٕ؟ ووٗن تمیٚ درجواب سبٹھٕہے بے بأکی سان زِ مفلوک الحالی۔ غربت تہٕ بےٚ چارگی چھےٚ امیُک بنیأدی وجہ۔ یتےٚ یوت نہٕ بلکہ ووٗن تمیٚ مزید سہٕ اوس زندگی بال بچھِ لائگنہٕ یژھان۔ یمہِ باپتھ تس ترٚے ساس رُوبل درکار أسی یتھ زن تسٕند یہنٕہ وول زمانہٕ فارغ البألی اندر گذرِ ہے تہٕ امہِ باپتھ اوس تس یقین زِ یہِ رقم میلہِ أتی بجِہ ہنٕدِ فلیٹہٕ منٛز۔ غربت۔ اتھ ژھر بر تہٕ زندگی ہنٛز وحرومیو علاوٕ چھُ فطرتاً تہُند بزدل تہٕ کاہل آسُن، خیالأتی طورٕ تہٕ پھُٹنگی تہٕ جلد باز آسُن تہِ امہِ جُرمک وجہ۔ یمہِ سوال کس جوابس اندر زِ اقبالِ جرم کرنس پیٹھ کیاٚزِ گوٚو سہٕ آمادٕ ووٗن تمیٚ زِ سہٕ چھُ پننس گرِی متس پیٹھ نأدم۔ تس چھُ افسوس یمہٕ سارے کتھہٕ وٕنہ تمیٚ نہایت تلخ تہٕ بأغیانہٕ لہجس منٛز۔ یمہِ سِتی تہُند بن ہمساین اتھہٕ موٗرنی پیےٚ۔

خأر سزا آو تس دِنہٕ مگر واریاہ نرم تیُٗتاہ رحم کوٚر ہس تیٚچ نہٕ وومیدے أس۔ أڈہنا یمہِ کنی زِ مجرمن گرنہٕ پٔننی حرکت صحی ثأبت گرِتھ دِنٕچ کوٗشش بلکہ رودارادتاً بڈتھ تہٕ یوٗلتھ پٔننی گرہٕ منٛز حرکت ثأبت کرنٕچ کوٗشش کران۔ جُرمکی تمام تعجب خیز تہٕ خاص حالات آے زیرِ غور تھاونہٕ۔ مجرم ہٕندِس غأر مومولی ذہنی دباوس اندر تہٕ مفلوک الحال آسنس پیٹھ اوس نہٕ کأنسی شک۔ یہِ حقیقت زِ مجرمن کوٚر نہٕ مقتولہِ سُند ژوٗرِ نیوٗمُت رقم استعمال آیہ کینژھ ہاتہٕنز پشیمأنی تہٕ کینژھ ھادبمأغی حالت ڈنجہٕ نہٕ آسنس سِتی منسوب کرنہٕ کیاٚزِ یہِ کتھ أس تسلیم کرنہٕ آمٕژ زِ جُرم کرنہٕ وِزِ اوس نہٕ سہٕ پٔننِس ہوشن منٛز بلکہ اوسُس پاگلأ زی ہُند عارضی دورٕ پیوٗمُت یمہِ کتھہِ ہُند ڈکھ لزِ واتا قتل کرنن کوٚر یو سہٕ قتل کرنک کانہہ مقصدٕ ے اوُسُس نہٕ۔ مجرم چھُ بیک وقت زِ خون کران مگر خیال چھُس نہٕ روزان زِ درواز چھُ یلے۔ اگرے یہِ قتل عمداً کرنہٕ آسہ ہے آمٕت پیشہِ ور قأتل ہٕندی پأٹھی یژھ فحش غلطی سپد ہے نہٕ سرزد۔ تہٕ أخری کتھ زِ رَاسکولنکافن کوٚر پننہِ جُرمک

اقرار تمہٕ وِزِ ییلہِ مذہبی جنونس منز ہیٚنہٕ آیتی ٹیچروفن اپزی ثبوت پیش گرِتھ معاملس گھر اُنن ہیٚژ وو۔ امہِ علاوٕ اُس اہم کتھ یہِ تہِ زِ مجرمس خلاف اوس نہٕ کانہہ ثبوتے تہٕ نہ اوس تس پیٹھ کانٛسہِ شکے (پرافریین کوٚر پیٚنُن لفظ برابر) کم تہٕ نرم سزا دِنہٕ ینس منز اوس یمن سارنے حقیقژن ہُند خیال تھاونہٕ آمُت ییٚہِ واریاہن ترٛژھن کتھن ہُند تہٕ یمہٕ مجرمہٕ سِندس حقس منز آسہٕ۔ خدا زانان رازوٚمنہن کتہٕ تہٕ کتھہٕ کوٚر مولوم تہٕ عدالتس منز دیُتن ثابت تہٕ گرِتھ زِ ییٚلہِ رٛاسکولنکاف یونیورسٹی منز پران اوس تمہِ وِزِ کوٚرُن پنٛنس اُکس دق بیمارِ منز مبتلا نادار ہم جماعتس شیٚن رتن مدد تہٕنزٕ کفالت گرِتھ۔ تہٕ ییٚلہِ سُہ مۆد تو ہنٛد مول کوٚرُن ہسپتالس منز داخل تہٕ پتہٕ ییٚلہِ سُہ تہِ ٹریو تہٕنٛدِ کفنہٕ دفنک سوٚرے خرچہِ کوٚر رٛاسکولنکافن برداشت۔ رٛاسکولنکافنہِ رحم دلی تہٕ خداترسی ہُند تصدیق کوٚر تہٕنزِ مکانہٕ مالکی کینہٕ تہِ۔ بیان دیُتن ییٚلہِ سُہ پنٛچ مجلس منز روازن اوس تمہِ وِزِ کڈِن پیٚنُن پان خطرس منز ترٛاوِتھ زٕ شُری اکہِ گرِ منز نیبر یتھ ساری ہے نار ہیوٚ تمت اوُسن تہٕ تہٕنٛدِ زندٕ نیرنچ کانہہ بڈٕ انتھاہ اُس نہٕ۔ نار کنی لگس جسمس واریاہن جاین آمت تہٕ چھوکھ تہِ۔ امہِ واقعُک تہِ آو تفتیش کرنہٕ تہٕ آو پوٚز قرار دِنہٕ تیمِیُک تصدیق واریاہو چشم دید گواہو کوٚر۔ یمو واقعاتو گری وکیل تہٕ جج سیٚٹھاہ متاثر یمو کنی مجرمس یوٗتاہ سنٛگین جرم آسنہٕ باوجود واریاہ نرم سزا دِنہٕ آو، جج تہٕنٛدِ حقہٕ گے۔

مختصر ونو مجرمہٕ سِندِ صاف صاف جُرم قبول کرنہٕ تہٕ جرچ اہمیت کم کرن والی دۆیم کینٛہہ واقعات تہِ آے فاصلہ دِنہٕ وِزِ زیر نظر تھاونہٕ تہٕ تس آو دۆیمہِ درجہِ کس قیدی سِندِ حیثیتہٕ اُٹھن وٕری ین ہُند قاٗد بامشقت دِنہٕ۔

رٛاسکولنکافنہِ مقدمچ سماعت شروع سپدنے پیٚہٕ تہٕنز موج بمار۔ دۆنیاتہٕ رازوٚمنن اُنی پلشیر یا آنٹہِ واتنہٕ یمہٕ کنی سوسائبیریا شہر منز نیبر نیرنس پیٹھ آمادٕ گیہِ یتھس کالس مقدمُک فاصلہ پیٚو۔ پتانچہٕ رازوٚمنہٕن کوٚر شہرس نزدیکے دۆیمس قصبس منز

پننہِ رِہأیشہِ ہُنٛد انتظام۔ یتھ پٔنٛن ریلوے سٹیشن تہِ اوس۔ یُتھ سُہ رٔاسکولنکافنہِ مقدمچہِ کاروأیی ہنٛز رژھہِ رژھہِ خبر گیری کٔرتھ ہیٚکہِ تہٕ ستی ہیٚکہِ دۄنیایہ تہِ یوٗت پلیٚس تیوٗت بار بار سمکھتھ۔ پلشیریایہ أس عجیب نفسیأتی بیمأری لاحق گأمٕژ۔ییمہِ کِنۍ سو تہِ پننہِ عقلہِ ہنٛدِ اعتبارٕ اڈ پاگل أس۔

دۄنیا ییٚلہِ أخری پھِرِ پننس بأیس ستۍ ملاقات کرنہٕ پتہٕ واپس وأژ تمہِ وُچھ موج بیمار گٔمٕژ تہِ پہٕ ستۍ دزان تہٕ ووران۔ رٔاز وٚمھنن تہٕ تمہِ کوٚر شامنس بأگی طے زِ تمن کیاہ جواب چھُ ماجہِ ہنٛد بن سوالن دیُن ہرگاہ تمہِ رٔاسکولنکافس نِسبتھ کینٛہہ پرٛژھہ۔ یِم أسی تس دِل ڈنٛجہِ تھاوُن یژھان مقرر گوٚ وتم ونن تس پیوٚ واکہِ ضروری کامہِ باپتھ أکِس دۄرشہرس گژھُن ییتہٕ تس واریاہ فأیدٕ میلہِ۔ ییمہِ کِنۍ تس چھیکرس واریاہ رقم تہٕ شہرت میلہِ۔

مگر تمو دوشوٕ یو کڈی کریمانہٕ ییٚلہِ تمہِ اتھ موضوعس پیٹھ کانٛہہ کتھے کٔرنہٕ نہٕ تمی وِزِ تہٕ نہ تمہِ پتے...... اتھ برعکس کٔر تمی نچوٚ ی سنٛز مجبوری ہنٛدِس حالتس اندر تس روخصت ہٕنٛچ اکھ دٔلیل بیان۔ ییمہِ کِنۍ تس ییمن نِشہِ دۄر روزُن پیوٚ وتس أسی اوٚش ٹأری برِتھ تہٕ ۄژھ ییمن دوشوٕنی کُن تمہِ آیہِ زنتہٕ وأحد سوے یأژ چھےٚ لیس واریاہن سِر سأوی تہِ اہم حقیقژن ہنٛز خبر چھےٚ...... وۄنکھ روڈی لیس چھی واریاہ ووکھ تہٕ وُٹکری دُشمن ییمہِ کِنۍ تس ضروری روپوش گژھُن پیوٚ و۔ ووٚنی یوٚ تام تٔہنٛدِ مستقبلک سوال چھُ تِتھے ییمن (دُشمنن) ہُنٛد نیال گالنہٕ ییہِ پتہٕ چھُ نہٕ تو ہنٛد ینہٕ وول وکھ پرٛ بزلوٗن آسنس اندر کانٛہہ شک۔ سُہ ییہِ جلدٕ ے واپس تہٕ تسُنٛد شُمار آسہِ تھدِ پایکین ادیبن ستۍ کرنہٕ یوان۔ پننہِ اتھ پیش گوئی ہنٛدِس ثبوتس منٛز دیُت تمہِ حوالہٕ نچوٚ ی سنٛدِ تمہِ مضمونک یُس سو روت کٔیت پران أس۔ سو أس تھیٚکِتھ ونان اتھ مضمونس منٛز چھی تٔہنٛدی ادیبانہٕ جوہر گاہ ژھٹان۔ سو أس یہِ بار بار پران تہٕ باضٕے تھدِ تھدِ تہِ۔ یتھ حدس تام زِ سو أس بسترس اندر تہِ پانس ستۍ تھاوان۔ تمہِ پرٛژھنہٕ روڈ یہس نِسبتھ اکھ کتھ تہِ حتیٰ کہِ ہم تہٕ أسۍ

زأنتھ ماأنتھ اچ کتھے کھوان ییٚمی کنۍ أہنٛدی شُبہات وہ تلتھ تہٕ نہٕ قدرتی کتھاہ اُس۔

کینٛژن خاص موضوعاتن پیٹھ تٔہنٛدی کنہٕ ڈول دِتھ کتھ نہ کرنہٕ سببہٕ تھارے تم۔ تمہٕ کرنہٕ مثالہِ پاٗٹھی یہِ شکایت تہٕ کینٛہہ زِ تیٚتس کالس ییٚمن نِشہِ دۆ رروزٕنس پیٹھ لیٚچھ پچھ نہ تمۍ چِھتھی تہٕ۔ امہِ سببہٕ گیہِ دۆ نیا سخ پریشان...... تس گۆ وخیال پاٗدٕ زِ تٔہنٛزِ ماجہِ چھُ شک گوٗمت نچوٗی ہِندِس قسمتس چھُم خبر کیاہ دُلتہٕ آمُت تہٕ ووٗنی اُس نہٕ پزٛ ژھنگ جراٗت کران امہِ سببہٕ زِ ییٚم وٗنی تنم گمانہٕ کھوتہٕ تہِ کانٛہہ ووکھہٕ کتھ۔ بہر حال دۆ نیایہِ توٗگ صاف پاٗٹھی بوزُن زِ ماجہِ چھُس نہٕ حال ہوش برابر کینٛہہ تس چھےٚ ٹنگہٕ ڈجمٕژ۔

اکہِ دویہِ پھِرِ بدلوو پلشیر یاہن گفتگو ہٕک روخ تمہٕ آیہِ ییٚتیٚتھ رَاسکولن کافُن ناوہنہٕ ورأے کتھ بزٛ وٗنہہ پکناوٕنی ناممکن اوس۔ تہٕ ییٚلہِ تس غاٗر تسلی بخش تہٕ مشکوک جواب دِنہٕ آوسو گیہِ غمہِ رَکس دٔری یاوس اندریپر۔ تہٕ زیوٕ لوٗگس زنتہٕ قُلف۔ تیسنٛزِ یہِ حالت روٗزٕ واریاہس کالس بدستور جاٗری۔ چھیکرس باسیو دۆ نیایہِ زِ ماجہِ بزٛم دِیُن چھُ سٔبٹھاہ مُشکل تہٕ واٗژ یتھ نتیجس پیٹھ زِ کینٛژن نوکتن پیٹھ ژھوپہٕ کرنی چھُ بہتر تہٕ افضل۔ پوٗ زہنہِ ہنہِ اوس صاف پاٗٹھی بوزُن تگان زِ ماجہِ بچارِ چھُ فکرِ تو رمُت خبر کمہ خطرٕک معاملہٕ چھُ۔

دۆ نیایہِ پیوٗ وبأے سُند وُنن ژتیس زِ ماجہِ چھےٚ تٔہنٛزِ گتھٕ بوزمٕژ ییٚمہٕ سوٗشونگنس دوران وِوران اُسمٕژ چھےٚ تمہِ شِبہٕ ییٚلہِ سوسیوادری گیلافس سمکھتھ آمٕژ اُس تہٕ ماجہِ نِشہِ شوٗنگتھ اُس۔ یہِ چھےٚ سوے رات ییٚمہٕ پتہٕ صجنس کیٚتھ تمۍ پُلس نِشہِ اقبال جرم کوٗر۔ چھُ بنان تمہِ ما آسہِ امی تلہٕ کانٛہہ اندازٕ لگومُت؟ کینٛہہ دۆہی یا کینٛژِ ریتٕی ہُپ تہٕ دُپ گرِتھ روزنہٕ پتہٕ اوس تس دورِ پیوان تہٕ اوسُس اوٗش دارِ وسان اِدٕ کیاہ اُتی اُس تھکہٕ روٗس پینس نچوٗی ہِندِس مستقبلس نسبتھ کتھہٕ ونان روزان سُہ کوتاہ آشہٕ گل چھُ...... باضے اُسی تٔہنٛدی خیال اسنس لاکھ آسان...... تم اُسس خوش گفی کران

باس اُسس دِوان زنتہٕ تم تہٕنزن کتھن ستۍ اتفاق اُسی کران (شاید تو رتس فکرِیم چھی ٹلی حیلہٕ باٗزی کران)۔

رَاسکولنکافنہ اقبالِ جرم کرنہٕ پتہٕ پانژِ ریتۍ آوتس سزادِنہٕ......رَاز وٕمنہن تہٕ دونیاأسی تس جیلس منز سمکھنہٕ گژھان یُتاہ ممکن اوسکھ باسان۔ چھیکرس واٗ ژ جداٗیی ہنز گرروخصت کرنہٕ وِزِ دیُت دوٗنیایہٕ باٗیس یقین زِ یہ دوٗر بر آسہِ نہٕ داٗیمی۔ رَاز وٕمنہن کوٗرامی آیہٕ پانیاُرک اظہار بلکہ کوٗرُن عہد زِ سُہ کرِ محفوظ مستقبل بناونہٕ خاطرِ محنت چونکہ سُہ اوس شابس اندر پوٗختہٕ ارادٕ کوٗرن سُہ کرِ ضمانتہٕ وول روزگار تلاش تہٕ آیندٕ تژ بن ژون وٕری ین اندر کراکھ معقول رقم پلہ پسند از یتھ زِیہٕ کُنہِ ملکس ژٕلتھ ہیکہٕ یُس ملِک قدرتی وٕسیلوٕ ستۍ مالامال تہٕ موزون آسہ تہٕ کاریگرن ہُند ضرورت آسکھ۔ پتہٕ بسن تم تتھی شہرس منز ییتہٕ روڈی تہٕ آسہِ تہٕ ساٗری یکہٕ وٹہٕ سِمتھ کرہن نوزندگیہ ہُند وٕسلابہٕ......یموتژ بشو یو ہیوٗت اکھاُ کس روخصت ہینہٕ وِزِ سکھ وَدُن۔

رَاسکولنکاف اوس کینہہ دوہہ بژ وٕنہہ پیٹھ خوابے خواب وٕچھان۔ ماجہِ نسبتھ گرٕتمی وارِیاہ پرٕژھہٕ گاٗرتہٕ لگا تار پاٗٹھی اوس تس نسبتھ تشویش باوان۔ سُہ اوس تیُتاہ فکرمند ماجہِ ہنٛدِ خاطرِ زِ دوٗنیایہٕ ژٕجی کھورِ تل یہ ژہٕنتھ زمین نیرِتھ۔ ییلہٕ تمی ماجہِ ہنٛدِس ناٹھیک آسنس نسبتھ بوٗزسُہ گو دِل ملول۔ سُہ اوس اتھ ساٗری ہے وقتس دوران سونیایہِ نسبتھ بے تعلقی ہاوان تہٕ سنجیدٕ روزان مگر تمہِ دولتہٕ ستۍ یو سہٕ سیوادری گیلافن تس کُن تاٗرِہو اُس کوٗر سونیایہِ قدبن ہنزِ تتھ پارٹیہٕ ہمراہ سائبیریا گژھنگ فاٗصلہٕ یتھ پارٹی ستۍ رَاسکولنکافس گژھُن اوس۔ امیُک کوٗرنہٕ یموا کھاُ کس افشاءتہٕ مگر دوشوے اُسی زانان یہ چھُ سپدن ووٕلے۔ روانگی ہنٛدِ روخصت وِزِ گمناوی تمی عجیب طریقہٕ وٕٹھ ییمہٕ ساعتہٕ پتہٕ بینہِ تہٕ رَاز وٕمہنس کُن نظر تژ اُون ییمہٕ ستۍ سُہ باس دیٚن اوس یژھان زِ ییلہِ سُہ قاٗدٕ منزٕ واپس ییہ تم سمن باہم تہٕ تہٕنٛد مستقبل آسہِ خوش تہٕ خوشحال۔ تمی گرٕ یتہٕ پیش

گوئی زِتھنٛز ماجہِ ہنٛز بیمارِ ہُنٛد انجام آسہِ عنقریب ہلاکت خیز۔ چھیکرس پتھ گے سونیا تہٕ سُہ مٔنزلِس کُن روانہٕ۔

زٕ ربتھ گژھتھ آو دُنیایہِ رازِ مہنس ستی خاندر کرنہٕ۔ اتھ موقعس پتھ اوس نہٕ کانٛہہ چُری گیُش۔ کانٛہہ ووسہٕ دروسہٕ نہٕ بلکہِ اوس غمناک خاندر۔ پرافری پیٹر ووچ تہٕ ڈاکٹر زوسی موف چھی زٕنفریمن دعوت کرنہٕ آیہِ۔ باسان اوس رازِ مہنن چھُ کتھ تام اِرادس عملہِ منٛز انہٕ باپتھ ہوٗل گٔنڈتھ۔ دُنیایہِ گٔے یہِ پڑھ زِ سُہ ہیکہِ پنٛنہِ منصوبہٕ پایہِ تکمیلس واتناوِتھ۔ بیٛیہِ چھُ پزریتہٕ زِ تس بڑ وٗنہہ کنہِ اوس نہٕ تمِس پتھ یقین کرنہٕ ورأے بیٛیہِ چارٕ تہٕ کانٛہہ۔ بیٛیہِ چھے بیاکھ کتھ یہِ زِ سارٕی اسی زانان زِ یہِ نوجوان یہِ کینٛژھا ارادٕ کران چھُ تہٕ چھُ باعمل انان۔ اَمس اسی تن اسمانہٕ ٹھوٗل والِن ارادٕ کوٚرُن تہٕ والہِ منٛز ضرور۔ دُیمبن کامبن ستی کوٚر اتھی منٛز اَمی ڈگری حاصل کرنہٕ باپتھ بیٛیہِ اکہِ لٹہِ یونیورسٹی منٛز داخلہٕ حاصل تہٕ لوٗگ سودلہِ محنت کرنہِ تہٕ لیکچر بوزنہِ یِم دہشوے بأژلگی پنٛنِ لون شہرٕکی منصوبہٕ بناونہِ تہٕ تمن لُجی فکر زِ آیندٕ کم سے کم پانٛژن وٕریین اندر اندر گژھی تم سائبیریاہس اندرٕ بسنٕ لایق گژھنی۔ تیتس کالس اسی تم پننِن ووہمیزن ہُنٛد سہارٕ وأحد سونیایہِ زانان۔

پلشیریایہِ پھوجہِ بوقہِ ییلہِ تمہِ رازِ مہنس ستی خاندر کرنہٕ باپتھ پننہِ کوردِ دُنیایہِ آشرِ وادٕ دیُت آبادی تہٕ شادمانی ہُنٛد دعا گرِتھ رُت کونٛچھ مگر تمہِ پتہٕ سپٕز سو زیادے ووداسی تہٕ پریشان۔ سو خوش تھاونہٕ خاطرٕ اوس رازِ مہنن واریاہ جتن کران تہٕ تمِس وٗنُن کتھہِ کنٕی اوس رَاسکولنکاف اَکِس مفلس تہٕ غریب ژاتہٕ باجس تہٕ تٔہندِس ٹبرٕ مأیلس مدد کران تہٕ کتھہِ کنٕی کڈٕن اکہِ دوہہ دزٕونہ مکانہٕ اَندرٕ زٕ موصوم بچہٕ پننِس زوٗس رگنٛدتھ نارٕ منٛز نبر۔ پانہٕ اوس چھوکہٕ لدسپدٕ مُت۔ رازِ مہنن اوس یموکتھو ستی تس ووٹہِ انٛن تہٕ باور کرناوُن یژھان زِ رَاسکولنکاف چھُ بہودرتہٕ کنہِ تہٕ قسمہٕ کین حالاتن ہُنٛد

مقابلہٕ کرنس اہل مگر تمئیک پیٚو وتس پتھ وُلٹہٕ اثر تہٕ یم دوشوے واقعات بوزنہٕ سِتی زنتہٕ سو پاگل گیہ نچوٗی ہِندِ دادِ۔ وۄنی اُس سو یمن واقعاتن نسبت بتھے کتھہٕ کران روزان۔ یتھ حدس تام زِ کوچس منٛز اُس سو وتہٕ پکوٗنن پنٛنس نچوٗی ہِندی کارنامہٕ بوزناوان حتیٰ کہ دُنیا اُسس سِتی سِتی روزان بسن منٛز یادُ کانن پتھ ییٚتھ تہٕ تس کانٛہہ تیٚتھ نفراہ سمکھِہ ہے یُس کتھ بوزِہس ییتہٕ وِتتہٕ سو اُس پنٛنس نچوٗی ہِنٛز ڈیلیل شروع کران۔ تہنٛدِ مضمونک بجر تھبکان وغارِ وغارِ دُنیا بچأرا اُس چورتہٕ گرٛھان تہٕ فکری اوسُس نہٕ تران اُمس کتھہٕ کُنی کرِ قو بوہس اندر۔ کیازِ سو اُس نہٕ تیٚوتاہ تہنٛدِ مجنونانہٕ وبو ہارٕ سِتی گلتھ گرٛھان یۄتاہ سو ییمہٕ خیالہٕ ہتھ ہتھ پأوِی وُستھ اُس گرٛھان زِ کأنسہِ گوٗژھنہٕ امہٕ سِتی رَاسکولنکافن ناو یاد پیٚون تہٕ وۄنس درجواب حالہ کہ مقدمچ ڈیلیل تہٕ۔ کتھہٕ تام پأٹھی کوٗڈ پلشیر یا یہِ تمن دون بچن ہنٛزِ ماجہِ ہُند بے پتاہ یم تہنٛدی نچوٗی بچر اُوی مِتی اُسی تہٕ لأجن تس سمکھنہِ گرٛھنہٕ باپتھ رٹِ۔

چھیکرس وأژ تہنٛز بے چینی طیس۔ بعضے اُس سو ہنگہٕ منگہٕ کرٛبکہٕ دِوان اکثر اُس ناٹھیک روزان۔ تیٚہ موٗنڈی زن اُسس آسان۔ اکِہ دوہہ صُبحأے کوٗر تمہِ اعلان روڈی چھُ وۄنی عنقریب پٔنن گرٕ واتن وول۔ تمہِ وۄن یاد پیوم روڈی ین ونیوم روخصت ہیٚنہٕ وِزِ زِسہ ییہ نوِ رِتّی واپس پٔنن گرِ۔ تمہِ ہیٚژ امہِ باپتھ تیأریہٕ کرنہِ۔ پٔنن کُٹھ کوٗرُن نچوٗی ہِندِ باپتھ تیار۔ صفأیی گرٔنس۔ فرنیچر کوٗرُن صاف درپرٕ کڈُن چھلنہٕ باپتھ تہٕ نۆی پردٕ لگاوِن غرض خاصہٕ پُژہس خاطرٕ یتھہٕ کُنی تیأریہٕ چھےٚ کرنہٕ یِوان تھے کُنی رۄز سو اُکی سے زنگہِ پتھ نچوٗی ہِندِ مارمتہٕ۔ دُنیا گیہ امہِ سِتی پریشان مگر ماجہِ وۄنُن نہٕ کینٛہہ بلکہ کوٗرنس کُٹھ صاف تھاونس تہٕ سامانہٕ شیرنس کرنس اندر مدد۔ خیالن منٛز پیٚر گوٗھتھ تھکر وو پلشیر یا پان دۄہی دوہس روز خوشوٗنی دُہلی خواب وُچھان تہٕ اوٗش هاران تہٕ نتیجہ دراو اُتھی راتس اندر گیہ علیل تہٕ صُبحنس تام اُس تیہ سِتی ہتہ تہٕ کران

مٔنزٕ اُسُس بےٚ ہوشی تہٕ گژھان۔ دراصل ڈیٚٹن تس سرسام دأرِتھ۔ امہِ پتہٕ اُکس پچھس اندر اندر گیہِ سو یمہِ عالمہٕ۔ تپس دوران یمہٕ کتھہٕ سو وران اُس تموٚ ستی چھُ فکرِ تران زِ تس اوس یمن ہٕندِ سونچہ مقابلہ نچوٚی ہٕنزٕ بدقسمتی نِسبتھ وارِیاہ کیٚنہہ پے...... یمیٚک نہٕ تموٚ گمانہٕ تہٕ کوٚرمُت اوس۔

وارِیاہس وقتس تام اوس نہٕ رَاسکولنکافس ماجہ ہٕندِ مرنک کانٛہہ پے۔ حالانکہ سائبیرِیا واتنہٕ کہِ وقتہٕ پیٹھے اوس تس گرِ کیٚن ستی برابر رأبطہٕ قائیم۔ امہِ باپتھ اُس تمن مابین سونیا اکھ اہم ذریعہ۔ یوسہٕ پزٕ بتھ رہتہٕ رازٕ ومہنن نین دون بأژن لکھان اُس تہٕ تم تہٕ اُسس پابندی سان جواب سوزان۔ گوڈٕ گوڈٕ آسہٕ تمن تہنٛز چِٹھہِ خوشک تہٕ غأر تسلّی بخش باسان مگر پتہٕ وأتی تم یتھ نتیجس زِ چِٹھہِ ہکن نہٕ امہِ کھوتہٕ بہتر اُستھ۔ تہٕ کیازِ یمن منز چھُ تہندِس بدقسمت بأے ہٕنزِ زندگیہِ ہُند احوال درج آسان۔ سونیایہِ ہٕندی خط اُسی نہٕ ادیبانہٕ بلکہ اوس حقیقت حال بیان سپدمُت آسان صاف تہٕ سیدٕ بن سادن لفظن منز۔ یُتھ زِ اُسیری ہٕندی حالات بیان سپدن یُتھ ننہٕ رَاسکولنکاف کتھہٕ چھُ پننس اتھ نُوس أندی پکس منز زُوان تہٕ دوہہ دوہہ کڈان۔ امہِ خطن منز اوس نہٕ تمہِ اکھ لفظ تہٕ پانس یا پننن خوابن نِسبتھ یُنہٕ واجنہِ زندگیہِ نِسبتھ لیوٚکھمُت آسان۔ یا تہندی احساسات کیاہ چھی تمیٚک اوس نہٕ کانٛہہ ذکر آسان۔ نہٕ اُس سو قٕدری ہٕندی جذبات تہٕ دلی کیفیات بیان کرنچ کانٛہہ کوٚشش کران بلکہ اُس محض حقیقت حال بیان کران۔ سُہ تہٕ قٕدری ہٕند بن پننن لفظن منز۔ تہندِ صحیح کتھ یا بدل کیٚنہہ۔ لکھان اُس ملاقاتس پیٹھ کیاہ وُنم کوٚرنم۔ کوسہٕ ذمہ دأری تھاوٚنم مٹہٕ۔ سو اُس مکمل تفصیلات دِوان۔ یتھ ونو ذرٕ ذرٕ بیان کران، یژھ وضاحت اُس آسان زِ تمن اوس بدقسمت بأے ہٕنزِ زندگی ہُند أنہٕ بزٕ ونٛھ گن پوان۔

مگر دُنیایہِ تہٕ تہٕنزِ خاندانس اوس نہٕ کانٛہہ قرار پوان یمہِ خبرِ ستی خاص

گرِتھ گوڈ گوڈ ییلہِ سونیایہ لیوٚکھ زِ سہ چھُ لگاتار پأٹھی ژھوپہ دم گرِتھ روزان ہُپ ڈُپ گرِتھ آسان کانٛہہ کتھے نہٕ کرنس پیٹھ آمادٕ۔ تس چھےٚ نہٕ کانٛہہ دلچسپی باسان تِمن کتھن منٛز یم توٚہی چھٕھِن منٛز لیکھِتھ چھِو سوزان تہٕ بوٗ بوزٕ ناوان چھُسن۔ ہاں گاہے چھُ ماجہِ نسبت کانٛہہ کتھ پرٛژھان تہٕ ییلہِ فکرِ توٚرٕ تِمۍ چھُ شاید صحی صحی اندازٕ لگووٗمُت حقیقت کیاہ چھےٚ چھیکرس وُنۍ تس ماجہِ ہُنٛدِ انتقال کرِنچ چھٕکی تہٕ سوٗگیہ حأران ییلہِ تس باسیوو زِ ماجہِ ہنٛدِ مرنٕچ خبر سٟتۍ گوٚو نہٕ تس کانٛہہ اثر اہ بظاہر نہٕ کُنہِ تہٕ قسمک۔ تمہِ لیوٚکھ تِمن ییتہٕ زِ سہ چھُ بس پننٕسے پانس منٛز زنتہٕ قأد باسان تہٕ تِمۍ چھُ سارِوے نِشہِ پان ژھوٗٹمُت باسان اماپوٚز پننہِ نو زندگیہِ ہُنٛد چھُس سیدٕ سیوٚد تہٕ سادٕ لفظن منٛز جایزٕ ہیوٚتمُت۔ تس چھےٚ پننہِ وُنی کینٛژ حیثیتھ فکرِ ترٛاوِتھ تہٕ فی الحال چھُس نہٕ کُنہِ رِژرٕچ کانٛہہ وومیداہ تہٕ نہ چھُ خوامخواہ چھُن وومیزن ہنٛدِس گرِس کھٕسِتھ کانٛہہ قلعہ زینہٕ ٹک سونچان (یہِ زن عام پأٹھی تہٕنٛز ہش بأشی گمٕژ تِمن لوٗکن ہُنٛد معمول آسان چھُ) تہٕ سہل سہل چھُنہٕ پانس أندی پکھ سپدن والہِ کُنہِ تہِ واقعہ سٟتۍ تعجبس منٛز پِوان یا حأران گژھان۔ سہ چھُ گوڈنکہِ کھوتہٕ کتہٕ کور بدلیوومُت۔ تمہِ لیوکھ تِمن زِ صحت چھُس اطمینان بخش۔ تِمۍ مورنہٕ پننی کأم کرنس اندرنکھ تہٕ دیُتن وننہٕ آمٕژ کامہِ کھوتہٕ زیادٕس اتھ۔ خوراکک یوٚ تام تعلق چھُ تتہٕ متلق ہأونہٕ تِمۍ کانٛہہ دلچسپی۔ آتھوارتہٕ چھُٹیہِ دوہہ ترٛأوِتھ چھُ قیدٕ بن تیتھ خراب کھٕن چین دِنہٕ یِوان چھیکرس آیہ نہٕ تس وتہٕ کُنہِ اتھہِ تہٕ رچِن تس (سونیایہ) نِشہِ کینٛہہ روپیہ ییتھ زن دوہہ دِشی پننہِ مرضی مطأبق چاے چیٚیہِ۔ تہٕ سٟتۍ وُنس گلی گنٛڈِتھ باقی موگِژھہ کُنہِ تہٕ چیزٕ خاطرٕ پریشان۔ غم بُرٕ زِنہٕ۔ سونیایہِ لیوٚکھنہٕ مزید زِ جیلس منٛز چھُ سہ تِتھی کمرس منٛز زُوان ییتھ اندر باقی تہِ آسان چھِی۔ ہاں سٟتۍ اوسُن لیوٚکھمُت تمہِ وُچھنہٕ بارکن اندر کیاہ حالت چھےٚ مگر نتیجہ یہ تمہِ اخذ کوٚرتہٕ چھُ فکرِ تران یم چھِی ژٕیلتھ۔ مصیبتس منٛز ہینہٕ آمٕژ تہٕ صحتہٕ کہِ اعتبارٕ ناسازگار ماحولس منٛز روزان۔ سہ شوٗنگ أکِس پھٹس پیٹھ ییتھ اکھ اڈپرٛأنی ژادر ترٛأوِتھ أس تہٕ نہ أکِسس کانٛہہ خوأہش ہیٚیہِ کانٛہہ انتظام

کرنہٕ ٲنۍ۔ اما ینہٕ ڈٕپوسہ اوس یہِ مفلسانہٕ تہٕ سخت اذیت واجینہٕ زندگی مستقبلُک کانٛہہ منصوبہٕ یا خاکہ تیار کرنہٕ کہِ غرضہٕ گذاران بلکہ محض پننہِ بےٚ توجہی تہٕ بے پروٲیی ہنٛدِ سببہٕ۔

سونیایہِ اوس یتہٕ لیوٚ کھمُت زِ گوڈٕ گوڈٕ ہاوٕنہٕ تمہٕ تہنٛدِس ملاقات کہِ غرضہٕ ینس منٛز تہِ کانٛہہ دلچسپی۔ بلکہ اوس تس ستۍ تزٕ کرار تہِ کران اورینہٕ موجب کتھ کرٕنۍ تہٕ ٲسس گوبان تہٕ تس ستۍ اوسغارشائستہ تہٕ غارمہذب سلوک کران۔ اما پوٚز پتہٕ ژایہِ تس یمن ملاقاتن ہنٛز نہ صرف ژایپھ بلکہ بنےٚ تہنٛز زندگی ہُنٛد اکھ لازمی جُز۔ یتھ حدس تام زِ سہ اوس واقعی مویوس گژھان وودٲسی گومت یٮ۪لہِ سو کانٛہہ سپدنہٕ سببہٕ تس ستۍ ملاقاتس ہیٚچ نہٕ گژھِتھ۔ چھُٹین ہنٛدِ دوہہ ٲس سو تس جیل کِس بڈِس دروازس پٮ۪ٹھ یا چوکیدارن ہنٛدِس کمرس منٛز سمکھان یوٚت سہ کینٛژن منٹن خاطرِ ملاقاتہٕ کہِ غرضہٕ اننہٕ اوس یوان۔ کامہِ کارکنن دوہن منٛز ٲس سو کارخانس یا بیر بٕتھن پٮ۪ٹھ یتہٕ سہ کام اوس کران تس سمکھنہِ گژھان نتہٕ ٲسس آرٕ بٕتھن پٮ۪ٹھ بناونہٕ آمتین چھپرن منٛز سمکھان۔

پانس متلق اوس سونیایہ لیوٚ کھمُت زِ شہرس منٛز کینٛژن لوٗکن ستۍ زان پچھان کرنس منٛز سپز سو کامیاب۔ یتھ منٛز تس ہیٚژ کام کرنہٕ ستۍ مدد میوٚل کیازِ شہرس منٛز چھُ شاید ے کانٛہہ ہیٚژ نظرِ گژھان۔ واریاہ گرِ چھی تس پننۍ اکھ ناگزیر شے مانان۔ مگر تمہِ اوس نہٕ لیوٚ کھمُت زِ واریاہ عوہدداری ٲسی تمہٕ ہنٛدِ معرفتہٕ راسکولنکافنس معاملس منٛز دلچسپی ہاوان تہٕ تمس ٲس پژھتھ گنہِ منٛز نرمی کرنہٕ یوان تہٕ یتھے پٲٹھی بٮ۪یہِ تہٕ واریاہ معاملہٕ۔

ٲخرس پٮ۪ٹھ یہِ خبر (دوٗنیایہِ اوس ٲخری خطس منٛز تژھوٚمُت زِ یمن منٛز چھےٚ خبرداری تہٕ پریشانی ہنٛز واضح علامژٕ) زِ سہ چھُ پژھتھ ٲکس نِشہٕ لوٚب لوٚبے روزان بٮ۪یہِ چھی نہٕ قادس منٛز تہنٛدی دوٚیم ساتھی تس پسند کران۔ تہٕ بیک وقت چھُ سہ واریاہن دوہن خاموش روزان تہٕ وارٕ وارٕ چھُ زردان۔ ٲخری خطس منٛز اوس سونیایہ لیوٚ کھمُت زِ سہ اوس واریاہ علیل گومُت تہٕ اوس ہسپتالس منٛز قیدبن ہنٛدِس وارڈس منٛز داخل کرنہٕ آمُت۔



# (۲)

سُہ رۄ دواریا ہس کالس دب لرِ مگر یہِ اوس نہٕ قاۂدخانچہِ زندگی ہنٛدِ خوفہٕ، نہ اوس سخت مشقتہٕ تہٕ موٗ زورِ، نہ وٗسی پایکۍ کھنہٕ چینہٕ، مس کاسہِ کلہٕ سببہٕ یا پیوندکأری کرنہٕ آمتہِ پوشاکہٕ کٔنز۔ آزمائیشن تہٕ سختی ین ہُنٛد اوس نہٕ تس پرواے۔ بلکہ اوس سخت محنت کرنس پتھ خوش گژھان۔ تہٕ دوہس تھٔکتھ پتہٕ سببہٕ اوٗسس راتس کیٛژن گنٛٹن اطمینانہٕ سان آرام پیوان۔ تہٕ کھمن کتھ ژھارِ ہے...... گھمن اوٗسس ......توٗن بند گوبھی شوٗربہ یتھ مچھِ آسہٕ پیٹھی پیران۔ییلہِ سُہ طاۂلب علم اوس تمن دوہن اوس نہٕ اکثر تس یتہِ بیٹان۔ لباس اوٗسس معمولی تہٕ ماحول کیو وطرزِ زندگی عاۂنی مطاۂبق۔ حتیٰ کہ تس آسہٕ نہٕ زنگن ہنٛزِ بزیڈ تہِ پریشان کران۔ اما سُہ اوسا ٹھلہٕ کلہٕ کرناونہٕ کہِ تہٕ دُورٕنگی کوٹہٕ کٔنز منٛزٕ چھان؟ ......مگر کس؟ ......سونیا ہس؟ یوسہٕ پانہٕ تس کھوژان اٗس تہٕ تیٛلہِ کس اوس سُہ منٛزٕ چھان؟ لمہِ باوجود ییٛلہِ سُہ سونیایہِ بژونہہ کنہِ یوان اوس عجیب شرمندگی تہٕ خجالت اوس محسوس کران۔ ندامتہٕ ستی اوس کلہٕ بیٚنٛس منٛز ترٛاوان امی کٔنز اوس سُہ تس ستی تیز کلاۂمی کران تہٕ اوٗسس ردبدونان۔ اما پوٚز مس کژپنہٕ کٔنز تہٕ کھورن ہنٛز وبزیڈیو کٔنز اوس نہٕ ہرگز تہِ شرمندٕ۔ اصل کتھ چھےٚ زِ تہنٛدی جذبات گے وٕتٕسی ......تہنٛز خودداٗری تہٕ توہنٛد بجر ریلوو خاکس۔ یوہے چھُ وجہ زِ سُہ گوٚو علیل......سُہ کیاہ اوس تہٕ کوٚت ووت...... ہاے......

کاش کہِ سُہ کرِ ہے پنٕن پان بحیثیت مجرم تصور تیٛلہِ گژھہِ ہے نہٕ تس یہِ باۂشی۔ سُہ کرِ ہے خوشی خوشی برٛداشت پژ بتھ قسمچ ذلت، رُسواۂیی تہٕ شرمندگی برداشت۔ سُہ اوس پاۂنی پانس سرنی پاۂٹھی تنقیدی سام ہوان ییتہِ تمس اٗزٕیک سرکش تہٕ وٗتشاول ضمیر پتھ کالہ کُنہِ قسمہٕ تہٕ

عاب لد بوزنہٕ آونہٕ اکہِ معمولی لغزشہِ سوٲے یوٗسہٕ کانٛسہٕ تہِ سرزد سپدِتھ ہیکہِ۔ سُہ اوس شرمسار تہٕ شرمندٕ محض اوسبہٕ زِ سُہ خوددار ''رَاسکولنکاف'' ووت پننہِ قسمتہٕ کہِ کمہِ تام انٛزکنی یژھہِ مویوسی تہٕ دوکھچہ دشایہِ۔ پننہِ احمقانہٕ حرکژ کِنی آوُ کراونہٕ۔ تتھہٕ پاٹھی زِ تھوٚد ووتھُن چھُس ناممکن۔ کیاہ بُکراون وول خیال زِ سکون تہٕ آرامہٕ باپتھ گژھن۔ تتھہٕ تتھہٕ دیار آئسنز۔ کوتاہ حقیر بنیو وپننہِ عقلہٕ ہٕندِ تاونہٕ۔

ازکالس منز بےٚ مقصد تہٕ بےٚ وقوفانہٕ بےٚ صبری تہٕ ینہٕ والہِ رِگاہہٕ خاطرِ فضول تہٕ غارمفید قربانیو علاوٕ اوس نہٕ تس بڑ ونٛہہ کنہِ بیٚیہِ کینٛہہ تہِ۔ یژھ اُس ہٕتسنز زندگی تہٕ یژھ آسہِ تہنز زندگی امہِ خیالہٕ تہِ اوس نہٕ تس اطمینان میسر سپدان تہٕ نہ اوس پانس کانٛہہ تسلی دِتھ ہبکان زِ اُٹھہِ ؤہری پتہٕ آسہِ سُہ دوٕیہ ترٛہ وُہر تہٕ نوٚ زندگیہ ہُنٛد ہیکہِ ڈسلابہ کٔرِتھ مگر کمہِ باپتھ؟ تہٕ کس ہٕندِ باپتھ روزِ زندٕ؟ تٔہنز زندگی ہُنٛد مقصد کیا چھُ ووٚنی۔ کیاہ ووٚنی چھا محض زندٕ روزنہٕ خاطرِ زندگیہ ہُنٛد بُگر پکناوان روزُن۔ اتھ ہٕتی اُس نہٕ ووٚنی تس کانٛہہ دلچسپی۔ کتھ پچھےٚ دراصل سُہ ہیوٚک نہٕ مٔرتھاوٕ۔ کِنی اوسُس زُون پووان تہٕ زُون تہٕ چھُس۔ یہ چھُ سورُے بےٚ مانہِ۔ ووٚنی چھا محض تس پٔنُن وجود مانٛی راونہٕ خاطرِ زوان روزُن؟ سُہ ہیکہِ ہے اکہِ خیالہٕ۔ اکہِ نظریہ تہٕ اکہِ مقصدٕ باپتھ پٔنُن سورُے کینٛہہ قربان کٔرِتھ تس خاطرٕ اوس نہٕ محض وجود کانٛہہ مانہِ مطلب تھاوان۔ سُہ اوس نہٕ ابتدا پیٹھے زندگیہِ نشہِ مطمئن۔ سُہ اوس ہمیشہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کانٛچھان۔ تہٕ شاید چھُ یوہے وجہ زِ پننو یمو ے تیزتہٕ ہٕند احساسو کِنی اوس سُہ نہ صرف پٔنُن پان دوٚیمو کھوتہٕ بلند زانان بلکہ عام لُکن ہٕندِ مقابلہٕ اوس پٔننی حقوق تہٕ زیادے تصور کران (بجرِ کہِ خیالہٕ) یمو ے حقوقو کِنی اوس سُہ بضم خود پننہِ خاطرِ واریاہ کتھہٕ جائزتہٕ قونونی طور صحی زانان۔

مگر یوٚ دوے تس تقدیرن پشیمانی باگہِ تھاوِمو آسہ ہے سو نارِ ترٛہ ہٕنز پشیمانی یوسہ دِلس چھلہِ چھلہِ والہٕ ہس۔ یوسہ تس ہٕندٕ رتہٕ یہ لوٚٹہِ نیہ ہے۔ سو پشیمانی یوسہ

جانہِ منس أنتھ جانہٕ مأرس واتناوان چھی یادٕ ری یاوس ووٚتھ لایناوان چھےٚ۔ سُہ کرِ ہے تھ اسہٕ وِنہِ ہونٛجہِ قبول دارِ اوٗش ہارُن تہٕ دِلچ چھنٛز بنہِ ہے کم از کم تہنٛزِ زندگی ہُنٛد مقصداہ۔ یوٚز تعجب چھُ زِ پننِس جرمس پیٹھ اوس نہٕ تس کانٛہہ پچھتاو۔

کم از کم پننین حماقژن پیٹھے پانس لعن طعن کٔرتھ تہٕ پڑاوِ ہے سُہ کم کاسہٕ سکون یتھہٕ کٔنٛز زن پننہِ تعجب خیز حرکژ پیٹھ غضب ناک گژھتھ تمۍ پننہِ ناخوشی ہُنٛد مظاہرٕ کوٚر ییمہِ کٔنٛز سُہ جیل برنہٕ آو یتھے پأٹھۍ پننہِ حماقژ پیٹھ ناراضگی تہٕ ناخوشی باوٕنہٕ ستی ہیکہِ ہے سُہ بوس لوژراأوِتھ مگر قأدخانس منز یاونو ''آزاد زندگیہِ منز'' کوٚر تمۍ سارٕنے واقعاتن پیٹھ غور تہٕ پننین سارٕنے حرکژن ہیٚژن تنقیدی سام مگر تس باسیہٕ نہٕ پننۍ اقدام کُنہِ تہِ رٔنگۍ اسنس لایکھ۔ نہ انہٕ تہٕ احمقأزی ہٕنٛدی اقدام یتھہٕ پأٹھۍ زن گوڈنچہِ پھرِ تمہِ بدقسمتی ہٕنٛدِ وقتہٕ باسے یس۔

''کمہِ رنگہٕ'' تمۍ پرٛژھ پأنۍ پانس ''کمہ رنگہٕ چھُ میون نظریہ مختلف تہٕ احمقانہٕ تموٚ نِشہِ ییم دُنیاہ وجودس منز ینہٕ پیٹھ وُنیُستام ظأہر کرنہٕ آمتۍ چھِ تہٕ اکھ أکِس مُخأکِف روٗ دیٕ متۍ چھی۔ کتھ چھےٚ محض آزادانہ، وسیع النظری تہٕ کُنہِ تہِ مکتبہ فکرٕ کہِ اثرٕ روٗس اگرے میأنین کرتوتن سام ہینہٕ ییہِ تیٚلہِ باسہِ نہٕ میون کانٛہہ تہِ قدم وُ چاپہٕ۔...... تعجبس لایکھ...... ہے کأفرو، یوٚز بچہِ تل تھاون والیو تہٕ اڈِ پوٗنسہٕ نیو فلاسفرو۔ اڈٕ وتۍ کہو زِ لوٚگو ڈنگ؟ کتھہِ کونو چھوگُھر کأستھ ہیکی ؟ ہٕنہ !

''کیاز زِ باسیو وٕ تمن میون یہِ عمل میأنۍ یہِ حرکت یپژ اہ وو کھہٕ'' تمۍ پرٛژھ پأنۍ پانس امہِ کنیا زیہ اوس اکھ جرم؟ مگر سوال چھُنا ووتھان جرم کتھ ونو؟ مےٚ کوٚرنہٕ کانٛہہ جرم۔ میون ضمیر چھُ مطمئن ہاں قونون چہِ نظر منز اوس یہِ کُنہِ شکہ ورأے جُرم بےٚ شک قونون آو پھُٹراونہٕ...... قتل وغارت سپُد...... ٹھیک دِیوٚ مےٚ قونون پھُٹراونس پیٹھ سزا یہِ چھُ کأفی...... مگر تیٚلہِ گوٚژھنا بنی نوع انسانہٕ ہٕنٛد بن تمن بہی خواہن ییمو اقتدار......

اتھہٕ وہراوِتھ تھپہ نیوٗ نہٕ زِوراتھس منٛز حاصل کوٗرتھہٕندِس گوڈنکی ہے قدمس پیٹھ تمن سزا دنہٕ آمٕت آسُن ۔ چونکہ تم گیٔ کامیاب اوٚ کنٛہ آے حق مانٕنہٕ تہٕ بوٚ گوس ناکام لہٰذا اوس نہٕ مےٚ یتھ قدم تُلنک کانٛہہ حق ؟ ہنہٕ !

سُہ اوس فقط یتھ صورتس منٛز پان قصوروار تصور کران زِ سُہ گوناکام تہٕ یٚیہٕ کوٚرُن جُرم قبول تہٕ بس ۔

یہِ سوال اوس تس سخ پریشان کران یُس سُہ پانٛی پانس پرٛژھان اوس زِ تٔمۍ کیاز کٔرنہٕ خودکشی ؟ سُہ کیاز زِ روٗ دٔ ری یاوس پیٹھ واتیٚ تھیے ...... بس آبس وُچھان ، ووٗتھ کیاز دِژِن نہٕ ؟ مرنہٕ کھوتہٕ کیاز دِژ تٔمۍ اقبال جرمس فوقیت ۔ کیاز زندٕ روزنٕچ خواہش اٚساپہوٗ اہ شدید زِ اتھ پیٹھ ہیوٚ کنہٕ سُہ غالب یتھ ؟ ہنہٕ سیوادری گیلافن کرے نایہِ خواہش حالانکہ سُہ اوس مرنہٕ کِہ بیہ کھوژان ۔ پتہٕ ؟ ''

سُہ اوس مصیبت کِس حالتس منٛز پانٛی پانس پھری پھری یمہٕ سوالُک جواب پرٛژھان تہٕ ہیوٚ کنہٕ سمجھتھ زِ یمہٕ وِزِ سُہ دٔ ری یاوِ بٕتھس پیٹھ اِستادٕ اوس خودکشی ہٕندِ غرضہٕ تمہٕ وِزِ تہٕ اوس تس پننِس ذاتس تہٕ پننین اصولن پیٹھ اعتبار وٚ تھمٕت باسان زنتہٕ وُنلہِ منٛز پٔنن پانے ونہِ اوسُس نہٕ یوان ۔ تس ہیوٚ کنہٕ فکری ترٛتھ زِ سوحبہٕ ہوشیٲری ہیکہِ تھٕندِ مستقبلُک بحران اٚستھ ۔ زندگیہِ ہُندٕ وٚ نظریہ تہٕ نوِ زندگیہٕ ہنٛز علامت اٚستھ ۔

سُہ اوس تمہٕ سارٕ گیٔ راہ خاہشہٕ ہندِس تتھ اوبرٛس گوبرٛس کھالان یتھ پیٹھ نہٕ سُہ پننہِ کمزوری تہٕ کمینی کنٛہ غلبہٕ پرٛاوِتھ ہیوٚک یمکنٛی سُہ ہیوٚ کنہٕ گرِس لاکم دِتھ ۔ یٚلہِ سُہ پننین قدی ساتھی ین کُن نظراہ ترٛاوان اوس تس اٚس حارانٛی گرٛھان یہِ زانٕتھ زِ تمن کوتاہ موٗہ چھُ زندگی ہُند تہٕ تمن کانٛژاہ مولل سرمایہِ اٚس زندگی باسان ۔ تس اوس فکرِ تران زِیمو چھُ آزادی ہند بو دہو مقابلہٕ قِد بند چہٕ زندگی اندر امیگ مول زونمت تہٕ زندگی چھکھ زانٛی ہوتہِ ۔ یمو قِد بو منٛز کوتاہ اوس کیشو ویزاہ ژولمت محض زندٕ روزنہٕ باپتھ

اِدُونہِ تہٕ چھی واریاہ ژالان۔ کیاہ کانْہہ شخص ہیکیا ترٛے ؤری بڑ وٚنٹھ وُچھمت منظر یِنہٕ اکہِ پھِرِ وُچھنہٕ خاطرٕ یؠۄتاہ بے قرار أسِتھ، ییٚتیاہ یِم بدمعاش قٕدی أسی۔ کیاہ افتابٕچ اکھ حیات بخش زٕژ، سرسبز جنگلن ہُنٛد خوش ہواتہٕ ناگہٕ پوکھرِ ہٕنٛد ٹھنٛڈ آبٕچ دۄ ژھ ییمیٚک نہ آگرُے مولوم آسہِ تہٕ باغن اندر نغمہٕ زن جاناوارن ہُنٛد بولبوش بوزنہٕ باپتھ چھا تِم یؠۄتاہ یزاہ ژُلان۔ ییٚژاہ مشقت برداشت کران۔ چھا یہِ بنان؟ ہیکیا یہِ ممکن أسِتھ؟ یؠۄتاہ تِس قأدخانہِ کِس ماحولس ستی دٕ پوگنزنس گیہِ تیؠۄتاہ اوس زندگیہِ ہٕنٛز ترٛشھہٕ ترٛشھہٕ واریاہ مثالہٕ سہ دِوان یِمن نہٕ وضاحت ممکن أس خبر تمہ کتہِ اوس انان۔

اما قأدخانس تہٕ امہِ کِس ماحولس منٛز اوس نہٕ سہ واریاہن چیزن کُن وُچھان تہٕ۔ تِس اوس نہٕ یِم وُچھنکی ہاوس تہِ۔ زنتہٕ اوس سہ تتہِ أچھی ٹُوتھ روزان۔ یِمن کُن توجہ دیُن اوس تہنٛدِ باپتھ قأبل نفرین تہٕ ناقأبل برداشت مگر ییٚتولا کنِ کۄرواریاہو حقیقژو سہ حأران تہٕ تِس پیٚو وبلامقصد بلکہ ونوغأر شعوری طور تِمن کُن توجہ دیُن۔ مثلن ییٚمی انکشافن کۄر سہ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ حأران زِ تِمس تہٕ باقی قٕدبن درمیان اکھ خوفناک دۄ ربر یُس نہٕ نزدیکی منٛز تبدیلے گرِتھ ہکو۔ تِم أسی تِس انسانہٕ سٕنٛز کوستام بدلے ذاتھ باسان۔ تِم أسی تِمس تہٕ سہ تِمن بے اعتبأری تہٕ نفرتچو نظرو وُچھان۔ امہِ علیحدگی ہٕنٛدی وجوہات اوس زانان تہٕ سمجان تہٕ۔ مگر تو تام اوس نہٕ سہ گُلیتأ تہِ یہِ مانن خأطرٕ تیار زِ امکی تِم وجوہات أسی سبٹھاہ سرٛنی تہٕ شدید۔ تتہِ أسی پولینڈٕکی کینْہہ سیأسی قٕدی تہِ یِم أسی باقی تمام قٕدبن حقارتہٕ چہٕ نظرِ وُچھان تِم أسی تِمن جأہل تہٕ ناشأیستہٕ مانان۔ اما رَاسکولنکاف اوس نہٕ تِمن تمہِ نظرِ وُچھان۔ تِس اوس بوزُن تگان یِیے بقول تہٕنٛدی جأہل تہٕ ناشأیستہٕ قٕدی چھی واریاہن معاملاتن منٛز سیأسی قٕدبو مقابلہٕ واریاہ ہُشیار تہٕ دانا۔ کینْہہ قٕدی أسی رُوسکی یِمن منٛز اکھ فوجی افسر تہٕ بیٚیہٕ زٕ دینیاتکی طألب علم أسی۔ تِم أسی پٔنُن پان دۄیِمن نِشہٕ برتر زانان یۄزرَاسکولنکافن کِچھ تہنٛزٕ خأمیہ تہٕ ونہٕ۔ تِس اوس پٔژتھ اکھاہ

ناپسند کران تہٕ أسی أمِس نِشہِ لۆبے روزان تہٕ أخرس ہیٚژ کھٕ تس نفرت کرٕنی ...... کیٛازِ؟ تہٕ اوس نہٕ کاہنہ جواب دِتھ ہیٚکان۔ کُنہِ اوس نہٕ وٕنتھ ہیٚکان زِ تٔم نفرتہِ یِمو سنگین خطا أسی گرِ ءمتی کیازِ أسی تٔہندِس جُرمس پیٹھ اَسان۔

"ژٕ چھُکھ شریف نفر" تٔم أسِس ونان "ژے پزٕ ہانے یہِ تٔمہٕ مکٕژ ستی قتل کرنہِ۔ یہِ ما چھےٚ شریف لۆکن ہنٛز کأم"۔

زٕ ہفتہٕ گژھتھ وأ ژِتس تہٕ تٔہنٛزِ ٹۆ گرِ دعائیہ مجلسہِ اندر شرکت کرٕنچ وأری۔ سُہ گۆو گرجس اندر تہٕ لۆگ باقین ہنٛدی پأٹھی عبادت کرنہِ۔ اتہِ گیہِ اکہِ دوہہ یِمن باہم لڑأے...... کیٛازِ تہِ چھُنہٕ تس پتاہ۔ تٔم سأری متےٚ تس۔ کھلبلی اندر زن کھینہٕ وٕتھس۔

"ژٕ چھُکھ لامذہب۔ ژے چھےٚ نہٕ خدایس پیٹھ یقینے" تٔم أسی کرٕ بکہٕ دِوان۔ "ژٕ گژھکھ ہلاک یُن کرنہٕ۔ کولہٕ کأفرٕ"۔

تٔمی أس نہٕ تٔمن ستی زانہہ تہِ کتھ کرٕمژ خدایہِ ہنٛدِس ذاتس تہٕ نہ پننِس اعتقادس نسبتھ مگر تٔم أسی تٔمِس ملحد زأنتھ قتل کرٕنی یژھان۔ تٔمی وۆن نہٕ تٔمن واپس کُہنہٕ تہِ۔ اکھ قدری سیٚد یو وعأنی پاگلہٕ ہنٛدی پأٹھی تس پتہٕ اِدٕ رَاسکولنِکاف رۆدتس ژھوپہٕ گرِتھ تہٕ کُنہِ تہِ قسمہٕ بانٛبرِ نہٕ ورأے پننہٕ جایہِ پیٹھ پژاران۔ تس گیہِ نہٕ أچھی ٹِٹہٕ وارتہِ تہٕ نہ باسے یہِ تٔہندِس بتھِس پیٹھ کُنہِ قسمچ گبراہٹ۔ جیلُک محأفظ درگۆو تس تہٕ تٔہنٛدِس حملہٕ آورس درمیان رٹہٕ رٹہٕ کرنس منٛز کامیاب تہٕ بچر وۆن نتہٕ آسہِ ہے خۄن گومُت۔

بیاکھ سوالاتہِ اوس یُس نہٕ سُہ أنٛزرأ وِتھ ہیٚوک۔ تٔم کیٛازِ أسی سأری سونیایہِ پیٹھ عاشق گٔمتی۔ تمہِ گرنہٕ تٔہنٛدی دِل زیٖنچ کانٛہہ تہِ کوٚشش نہ سمکھے یی سہل سہل تٔمن زانٛہہ۔ البتہٕ آیہِ سو گاہے تس کارخانس پیٹھ رژھہِ کھنٛجہِ سمکھنہِ ییتہِ تٔم تس وُچھان أسی۔ تہٕ گرِتھ تہِ أسی تٔم سأری تس زانان تٔمن اوس ییتہِ مولوم زِ سو أس تس پتہٕ پتہٕ اورآمٕژ۔ تٔمن اوس پتاہ سو کوسہٕ چھےٚ تہٕ کتہِ چھےٚ روزان۔ تمہِ دِتی نہٕ زانٛہہ تٔمن روپیہِ پوٚنسہٕ ییٚمہِ کُنہٕ

تمن سوٗیہ تاہ وَنہٕ روزِہاتہٕ نہ گرنکھ خاص کانٛہہ خُدمتھاہ البتہٕ سۆزنکھ کرسمس بڈس دوہس
پیٹھ اکہِ دوہہ بکری بندتہٕ کریم رول۔ مگر ہنہِ ہنہِ گوٚ تمن تہٕ سونیایہِ درمیان رشتہٕ گنان۔
سوٚ اَس تمن چِٹھہٕ لیکھِتھ دِوان تہٕ انتہٕ تہنٛد بن رشتہٕ دارن ڈاکہِ ذٔریعہ سوزان تہٕ۔ یم
رشتہٕ دار تہنٛدِس ڈیپس پیٹھ تمن سمکھنہِ یوان اَسی تم اَسی سونیایہِ اتھہِ تہنٛدِ باپتھ تحفہٕ تہٕ
پوٚنسہٕ تہِ تھاوان۔ تہنٛز گرِواجنہِ تہٕ تمہٕ وبسہٕ یِہنٛدی تم شیدأے اَسی تہٕ آسہٕ ووٚنی تمِس
زانان تہٕ سمکھہٕ نہٕ تہِ یوان تہٕ یِیلہِ سوٗز انٛہہ رٔاسکولنکافس کامہِ پیٹھ ملاقاتس گژھان
اَس یا سٹرکہِ پیٹھ قدبن ہنٛز کانٛہہ ٹوٗ گرِتس سمکھان اَس تم سأری اَسی احتراماً کلوٚ پیٹھہِ
ٹوٗپہ تھوٗ دتِلان۔ "سأنٛی لوٗکٕٹ موٚکٕٹ خوشہِ وٕنی مائجِ۔ صوفیا سونیا...... ژ چھکھ اسہِ سخ
ٹأٹھ۔ خوش وٕنی تہٕ پرٛیِیہ وٕنی موج ہش" ووکھہٕ خطرناک مُجرم اَسی تمِس الہٕ پوٗش ہشہِ
زِی اَڈی جہِ واجنہِ ونان۔ سوٚ اَس وُٹھ گمناوان تہٕ کلہٕ نوٚمرأوِتھ تہنٛد ادب رچھان۔ سو
یِیلہِ وُٹھ گمناوان اَس پزٕ بتھ اَکس آسہٕ بوٗقہٕ پھولان۔ تمن اَس تہنٛز چال سخ پسند
تہٕ اَسی باز پھیری پھیری تہنٛز خوش خرأمی وُچھان روزان۔ تمن اوس توہنٛد پست قدتہٕ
سخ خوش کران تہٕ فکری اوسکھ نہٕ تران تہنٛدِس کتھ کتھ گونس کرن تعریف۔ تم اَسی ووٹہِ
تمُی ہیے نِشہِ گژھان یِیلہِ تم زانٛہہ ہلان ڈلان اَسی۔ دوہہ وادرٛ دسہ ہسپتالس اندر
دأخل۔ یِیلہِ سہ ہنا ٹھیک سپُدتس آے تم خواب یادیم تمُی تفس تہٕ کأہلی دوران وُچھی۔
تمُی اوس خواب وُچھمُت زنتہٕ سورُے عالم اَکس عجیب وغریب طوونہٕ کِس زدس منٛز
ہیٚنہٕ آویس طوٗوُن منٛز ایشیاء پیٹھ ؤتِھتھ یوروپس تام پھہلیوو تہٕ سأری سے ٹُلن
وُترٕ بُنٛیِل۔ اتھ منٛز اوس سارنے تباہ و برباد گژھُن فقط نہٕ کینٛژن منتخبہ برگذید شخصن۔
کینٛہہ نوٚینہٕ قسمکی جراثیم اَسی مردن پیٹھ حملہٕ کٔرِتھ تہنٛد بن جسمن اندر دأخل سپدان۔
یمن جراثیمن اَس عقل تہٕ مرضی یا خود ارأدی عطا کرنہٕ آمژ۔ یمن مردن یم جراثیم
حملہٕ کران اَسی تم اَسی یکدم پاگل گژھان تہٕ شوران تہٕ وولان۔ عجیب کتھاہ اَس یہ زِ

اتھ زدس منز ییٚنہٕ والین مردن ہنٛدی پأٹھی اوس نہٕ زانٛہہ کانٛہہ پانس تیٚوٗتاہ داناہ، ہُشیار تہٕ پزُرک علمبردار مانان تہٕ زانان اوسمُت۔ پرٛتھ طووٗنہٕ زداوس پنٕنہ پان اعلیٰ تہٕ پنٕنی منصوبہٕ حق زانان یتُے یوت نہٕ پنٕنی اخلاق أسس اعلیٰ تہٕ ارفع باسان۔ گامن ہنٛدی گام تہٕ شہرن ہنٛدی شہر گے امہٕ وَبأےَتی پاگل۔ سأری أسی پریشان اتھہٕ مۄران۔ اکھ أکی سُنٛد زانٕن مانٕن رۄدکھے نہٕ پرٛتھ کانٛہہ اوس سمجان بس چھُ سُے فرد وأحد یُس برحق چھُ اوِ کنی اوس باقین گُن ڈیکہٕ ژرکرأوِتھ تہٕ دل ہندرِتھ نظرترٛاوان۔ تِہنٛزن بےوقوفی ین تہٕ بدبختی ین پیٹھ اوس واویلا کران۔ لبلہٕ کران تہٕ باکہٕ ژھٹان۔ تِمن اوس مولوم سپدان زِ ملزم کس چھُ۔ انصاف کتھہٕ پأٹھی ییٚہ کرنہٕ تہٕ کس شوٗبہِ سزا دِنٛن۔ رُت کُس چھُ تہٕ کُرت کُس۔ باقین أسکھ سب تہٕ رَب ہشی گمٕژ باسان۔ شہرن تہٕ گامن منز أس نفسانفسی عام گمٕژ۔ ژوپورأس افراتفری، حسد تہٕ غوصچہ احمقأزی منز لۄکھ اکھأکس کأرُوٹھان۔ ییمو بنو متحد سپدِتھ پنٕنہ اکھ بۄڈ فوج تہٕ لگی اکھأکس خلاف کمربستہٕ سپدِتھ لڑنہِ مگر سپدِ ییٚہنٛدِ منشہِ خلاف، فوجکی سپاہ لگی باہمی اکھأکس خلاف لڑنہِ۔ تِم لگی پانہٕ وأنی اکھأکس رینچہ کڈنہِ، کلہٕ کھنٛزنہِ، ہڈٕ گرنٛدم دنہِ، ریزٕ پھٕلی کرنہٕ، فوجس منزٕ ژھ ووٕلھِرٕ ش، تِمن گیہِ پانہٕ وأنی رتس رِکنہِ۔ شہرس منز آے لۄکھ پان بچراونہٕ خأطرِ۔ دۄہی دوہس خطرس عسبتھ خبردار کرنہٕ۔ لۄکھ ژلھن محفوظ جاین ٹۄگربو ٹۄگربو مگر تِمن اوس نہٕ فکری تران خبردار ہو، ہُشیار ہو، کُس چھُ کران تہٕ ژلن کوٗت۔ لوٗٹ بۄڈ سوٗرے کاروبار گوٗ وبند۔ کیٚازِ پرٛتھ کانٛہہ اوس پنٕنے تراقلأزی مولناوان تہٕ سأری سے دُنیا ہس پنٕنہٕ حسابہٕ عمل کرناوٕن یژھان۔ سُہ اوس پنٕنی اصلأحی تدبیر عام کرُن یژھان یتھہٕ پأٹھی رۄدنہٕ أکس بییس ءتی ہشر۔ پرٛتھ کانٛہہ اوس پنٕنی درٛاز ٹۄکھ دِوان تہٕ پنٕنی رزِ لمان۔ کھہن تہٕ کھلن وۄتھ پھکھ۔ پرٛتھ اندٕ اوس یتھ دٕ دونہٕ باسان زِتازٕ تہٕ سبزاسبزگاسہٕ کرٕڈی تہٕ أسی نہٕ کُنہٕ نظرِ گوٗھان۔ لۄکھ گے أکس بڈِس مأدانس

اندر جمع۔ کیٚاہتام اتفاق رائے سپُد۔ متحد روزنک تہٕ اکھأ کس ٲتی اتھواس کرِتھ پکنک وعدٕ آو کرنہٕ تہٕ قسم آے کھینہٕ مگر تأرے اُس نہٕ لگان عمل أسی تتھ خلاف کران یہٕ ونان أسی۔ تہٕ أسی اکھأ کس راہ کھالان، جنگ، قتل، لوٗٹ مار، بستی زالنہ تہٕ بس نتیجہ دراو دُنیاہس اندر روٗتھ دراگ۔ سأری لوٗکھ سأری چوچار وأے پژ بتھ کانٛہہ چیز آو تبأہی ہندِس زدس منز۔ طووٗنہٕ رُدٕ پھہلان۔ اکہِ جایہِ پێٹھہٕ بێیس جایہِ۔ دُرس دُنیاہس اندر آے محض کُنہ تام نفر مُچھہ تراونہٕ یِمہٕ غرضہٕ زِ تِمن اُس نوٗ زندگی شروع کرٕنی۔ نوٚو قدم تُلِتھ نوٚو انسان پأدٕ کرُن۔ امی باپتھ أسی تِم ژارنہٕ آمٕتی۔ یِم أسی نوٗی آدم پوٗ زنوِ دُنیاہکی یِم نوٗی آدم نہٕ أسی کانٛسہِ وُنیُستام وُچھیٚمتی تہٕ نہ یہُنٛزٕ زێوِ کانٛہہ کتھے بوٗزمٕژ۔

رَاسکولنکاف اوس سخ پریشان زِ امہِ خوابکیو عجیب و غریب پہلو چھی بأنہٕ بأنہٕ تُہندِس ذیہنس پێٹھ نقش تہٕ امیُک غمناک تہٕ دِلس کھِنٛی ٹُکن وول اثر تہٕ چھُ روزٕدُن باسان۔ ایسٹر پتہٕ اوس یہٕ دوٗیم ہفتہٕ۔ تہٕ خوشہٕ وُن خوشہٕ وُن موسم اوس تہٕ تاپس اوس ووٚنی تؠوٗر باسان ژِپو بہارٕکی دوہہ أسی۔ ہسپتالس منز اسہِ قدٕبن ہندِ وارڈ چہ دارِ یلے۔ اما داربن أسی موٚٹی شیشہٕ سیٚخ لأ گتھ تہٕ نیٚبرِ کِنہٕ أسی سنٛترٕی پہرٕ دِوان تہندٕبن قدمن ہنٛز آواز اُس کنن تام واتان۔ بیمار دوران ہێچ سونیاتس نِشہٕ فقط دوہ یہِ لٹہٕ تیتھ۔ کیٚازِ تس اوس پژ بتھ وِزٕ اجازت حاصل کرُن پیوان تہٕ یہِ اوس نہٕ سہل کارٕ کینٛہہ۔ مگرسو اُس اکثر شامن بأ گی ہسپتالکس صحنس منز یِوان کیٚنژن بژن بن اتنتھ استادٕ روٗ زِتھ تی پێٹھہٕ وارڈٕ چِین داربن کُن نظراہ تژ اوان تہٕ نیران۔

اکہِ دوہہ شامنس ییلہِ ووٚنی سُہ تقریباً صحتیاب اوس سپُد مُت پێیہٕ رَاسکولنکافس نِند رِ زٕ دلہٕ۔ بیدار گژھی تھِے گوٚو سُہ دارِ نزدیک تہٕ تس پێیہٕ نظرسونیایہٕ پێٹھ یوسہٕ دوٗرٕ ہسپتالہٕ گێٹس نِشہِ استادٕ اُس۔ باسان اوس سوچھے کسِتام پژاران۔ اُہندِس دِلس زنتہٕ کُمی تام نیژ لوٚ تس دِ ژٕن تھر بٕرِتھ تہٕ یکدم دراو دارِ نِشہٕ لوٚب کُن۔ پگاہ کێت

آیہِ نہٕ سونیا تہٕ نہ آیہِ تمہِ پگاہے أتی گوٚ وتس احساس سُہ چھُ بے تأبی سان تس پزاران تہٕ تھنٛدِ دادِ چھس بے قرأری۔ أخرس پتھ دِژ کھ تس ہسپتالہٕ منٛز چھُٹی تہٕ ییٚلہِ سُہ جیل ووت تتہِ نِنیو وتس دوٚیمین ؤقدہن نشہِ زِ صوفیا سیمونو نایہِ ووت زِ دوہہ بیمار ییمہِ کِنۍ سو کُن نیٚری تھے ہیچ نہٕ۔ سُہ گوٚ وسخ پریشان تہٕ کرنأوِن شیٚچھ خبر مولوم۔ تس نِنیو وزِ سو چھےٚ نہٕ کُنہِ قسمہِ چہِ خطرناک بیمارِ منٛز مبتلا۔ سونیایہِ تہٕ ییٚلہِ بوٗزُ سُہ چھُ تھزٕ بیمارٕ ہنٛز شیٚچھ بوٗزِ تھ پریشان گوٚمُت تمہِ سوٗزنس پینسلہٕ ستۍ لیٚکھِتھ اکھ نوٹ یتھ منٛز ونہٕ اوس آمُت زِ ووٚنۍ چھےٚ سو وار یاہ ٹھیک۔ تس اوس مومولی زُکام۔ ووٚنۍ چھُنہٕ غم کینٛہہ۔ سو ییہِ جلدٕ ے سبٹھاہ جلد تس کارخانس پٮ۪ٹھ ملاقاتس۔ یہِ کاغذ پرچہِ پران پران أس تس تیٚژاہ زورٕ دلہٕ ڈُبرا ے گرٛھان زِ ڈُبرایہِ ستۍ أسس دلس دگ ووتھان۔

ازتہِ اوس نب صاف تہٕ تاپھ توٚت۔ صبحٲے شیٚیہِ بجہِ دراوسُہ ڈٲریاوٕ بُٹھس پٮ۪ٹھ کأم کرنہٕ کہِ غرضہٕ ییتہِ تم ایسبسٹ تھران أسی تہٕ پتہٕ أتی اتھ کونٛدِ منٛز پیان أسی۔ امہِ دوہہ آے تم فقط ترٛے ؤقدی سوزنہ۔ اکھ ؤقدی گوٚ وسنٛزس ستۍ قلعہ پٮ۪ٹھہِ کیاہتام اوزار اننہٕ۔ دوٚیم اوس کونٛدِ منٛز درکار زیٚن کڈِتھ تھوان تہٕ یہِ چھپرس منٛز تہِ بران۔ رٲسکولنکاف دراو ڈٲریاوس کُن تہٕ بیوٗٹھ گیلہٕ چٹس پٮ۪ٹھ یُس أتی چھپرس نکھے اکہِ طرفہٕ اوس۔ سُہ لوٗگ اتھ وأران مگر گُشادٕ ڈٲریاوس وُچھنہِ۔ ڈٲریاوٕ کہِ بُٹھہِ کہِ امہِ تھزٕ پٮ۪ٹھہِ نظراہ ترٛأوِتھ آو اکھ وسیع منظرنامہ بڑٕ دٕہہ کُن۔ ڈٲریاوٕ کہِ لٲرِ مہٕ بُٹھہِ پٮ۪ٹھہِ أس کھنٛد تام گوبنٛچ آواز أہنٛد بن کنِن تام واتان۔ لفظ أسی کم کاسہِ بوزِنۍ تگان۔ اتھ کُھلہِ ڈُلہِ گُشادٕ تھرِ منٛز یوسہِ ہسریکہِ نورزنتہٕ سران أس کران أسی تس خانہٕ بدوشن ہنٛدی خمہٕ زنتہٕ کرٛہنۍ آکھ باسان۔ ووٚہے تتہِ۔ تتہِ چھےٚ آزأدی۔ تتہِ أسی بدل لوٗکھ روزان یم ییمہِ انٛدٕ روزن والین نشہِ بالکل بدوٗن چھی۔ تتہِ اوس وکھ زنتہٕ روٚدٕ گوٚمُت باسان زنتہٕ حضرت ابراہیمؑ تہٕ تھنٛد بن اُمتی ین ہُنٛد دور وُنہِ درامُت چھےٚ نہٕ۔

رَاسکولنکاف رٕو دمُد ے گنٛڈِتھ وُچھان ۔ تٔہندی خیال گے دُہلِ خوابن منٛز محو ۔ غوطن گژھِتھ اوس نہٕ سُہ کہنہ تہِ سونچان پوٗز خبر کیاہ زِ گیس بے قرأری زنتہٕ کیاہ تام وُتش لوٗگُس سُہ گوٚو پریشان ۔ أتھی منٛز چھُ سُہ اچانک پأٹھی سونیایہِ پانس نکھہٕ وُچھان ۔ سو أس لوٗت لوٗت ستھ بتھ کرنہٕ ورأے آمٕژ تہٕ أمِس لرِ بیٹھمٕژ ۔ وُنہِ اوس وکھ واریاہ سُل دٕپوصبحأے تہٕ صبحُک ژٕرن ہوا اوس تٔہندی زُلف ألراوان تمہِ اوس پرون زیوٗٹھ کوٹ لوٗگمُت تہٕ پٹھہٕ نیوٗل شال وٕلمُت ۔ بُتھہِ أس سوٗ وُنہِ تہِ ناٹھِکے باسان سوٗ أس زیادے ہوٚچھمٕژ یِہے سیکہٕ تُجی ہش گأمٕژ تہٕ زیادے لیٚدریمٕژ ۔ شادمأنی اندرٕ وُٹھ گُمنأوِتھ کوٚر تمہِ تس خوش آمدید تہٕ کھوٗژی کھوٗژی پلہٕ نووٗن اتھواسہٕ خاطرِ تس پَنُن اتھہٕ ۔ سوٗ أس ہمیشہ تس کُن اتھہٕ پلناونہٕ وِزِ ترٛ ہران ہش تہٕ باضے أس نہٕ اتھ پلناوانے ۔ باسان اوٗسُس سُہ گوٚژھنہٕ اوِر دکہٕ دِتھ تسُند اتھہٕ واپس پھرُن ۔ سُہ اوس ہمیشہِ گوٚبِر تھے تس ستی اتھواس کران ۔ تس ستی ملاقات کرنہٕ وِزِ زنتہٕ رووُمت آسان تہٕ باضے اوس ہٕرٛدرمی سان تس ستی ملاقات کرنہٕ وِزِ ہُنی مشد ہُند جن ہیوٗ ہُپ تہٕ دُپ گرِتھ روزان ۔ تس بچارِ اوس باضے تِمس برٛ وٕنٛتھہٕ کنہٕ بدن لرزان تہٕ ملاقاتہٕ پتہٕ باز پھیرنہٕ وِزِ أس ووٚدأسی تہٕ دوکھہٕ ژٕدِنی ہش آسان ۔ مگر وُنی کبس گے نہٕ تٔہندی اتھہٕ جُدا بلکہ چیرٕ سان اوہنٛد اتھہٕ بند گرِتھ ترٛ أوِتھی برٛ نزس منٛز تٔہندِس بُتھِس بےٚ شوٗنکی پأٹھی نظراہ تہٕ أچھی بوٚن کُن ترٛ أوِتھ رٕو دٕژھو پہ دم گرِتھ خیالن منٛز تس مُتی کران ۔ تِم أسی خلوکھ پأٹھی زے بہتھ ۔ کأنٛسہِ وُچھی نٕہتی ۔ سنٛژی تہٕ اوس کوٚت تام دوٗر یومُت ۔

یہٕ تبدیلی کتھہِ سپٕز تہٕ اوس نہٕ سُہ زانان مگر تس اوس باسان زنتہٕ سُہ کأنٛسہِ گیڈ گرِتھ تٔہند بن کھورن پٹھ ترٛ ووٗ ۔ گوڈٕ گوڈٕ ژھ تس بچارِ سأری ہے بدنس تھرٕ تیژ اہ ترٛہرے یہ ۔ لیٚد رِکھار دِژنس بُتھِس برِتھ ۔ سو گیہ یاشا گرِتھ تھوٚد وٕتِھتھ تہٕ لُجی تس وُچھنہِ ۔ سو بانبرے یہ ۔ پوٗز تس لُجی نہٕ گوٚجی بجھنس تأرتہِ شادمأنی ستی گیس چشمہٕ

روشن۔ تس اوس مولوم زِ سہ چھُ تس لول بران مگر وونی روٗ دُس نہٕ کانْہہ شک زِ سہ چھُ تس ووٗنی دُنی یا ہس منز سارو مے کھوتہٕ زیادٕ یژھان تہٕ چھیکرس وأژسو گر......

تم أسی باہم کتھاہ باتھاہ کُرتھ بوس ژھانژھناوٕنی یژھان پوٗز ہیکی نہٕ......تمن أسی دوٕشوٕنی اوٗش یکہٕ یوان۔ دوٕشوے أسی زردٕیمتی تہٕ کرٕ پٹیمتی۔ مگر تم دوٕشوے أسی بِمار بوٕ ستی زردٕیمتی تہٕ کئیمتی بُتھی اُسکھ شولہٕ وِنہٕ نوِ پگہُکہٕ رٔنبہٕ وِنہٕ صحکہٕ خیالہٕ گاہ تژ اوان۔ تمن ووٕ تلے یہٕ نوِ روشن مستقبلچ آش۔ نوِ زندگیہٕ ہٕندی ارمان گنیکھ۔ لولن گُر تمن نوٕحیاتی عطا۔ پانہٕ وأنی اوسُکھ اکھ أکی سُنٛد دِل أکس بیٚیس سٕنٛدِ خأطرٕ زندگی ہُند ناگراد باسان یہٕ اوس واقعی تِہنٛز نوٕ زندگیہٕ ہُنٛد رُت دسلابہٕ۔ تمو کوٚر وعدٕ قرار پژارنک تہٕ صبر کرنک۔ وُنہِ اوس تمن بیٚیہٕ ستن ؤری ین پژارُن۔ اتھ دوران کم مصیبت پینکھ تُلنٛی تہٕ کمہٕ شادمأنیہٕ ینکھ باگہِ تہٕ ما أسی زأنتھ! مگر باہم نکھہٕ پھیوٚک بٕنتھ روزنک وعدٕ کوٚرکھ! کیا زِ سہٕ اوس زانان زِ تس میٚج نوٕ زندگأنی تس اوس ووٕنی پنٕن وجود نوِ سرٕ زندٕ گوٗمُت باسان۔ رُم رُم اوسُس تازگی محسوس کران تہٕ سو۔ سو بچأر أس زوٗلنٕے تِہنٛدِ باپتھ تس اوس زوٗئمی ہٕے منز باسان۔

امہِ دوہہٕ شامنس ییلہٕ قدبن ہنٛزن بارٕ کن قُلف کرنہٕ آے۔ رَاسکولنکاف روٗدپچہٕ بیڈس پیٹھ ڈاپھ تژ أوِتھ بس تمی ہٕے مُتلق سونچان۔ تس گنیوو پوٗرٕ احساس امی دوہہٕ زِ باقی قیدی یم تس جأنی دُشمن أسی اوٗ تام چھی ووٕنی تس لولچو نظرو وٕچھان۔ تم أسی بدلیمتی۔ تِہنٛزن نظرن منز أس نہٕ وانہٕ تبدیلی۔ یتھ حدس تام زِ از کرِ تمی تمن ستی کتھہٕ تہٕ تمو دیتُس دوستانہٕ طریقس منز جواب تہِ۔ تمِس پیوٚ ووٕنی یاد عشقٕچ تیٚز کأژاہ زوردار چھےٚ آسان۔ تس آو یکدم خیال ووٕنی چھُ سورُے کینْہہ بدلن لأزمی کتھاہ تہٕ تمیک مطلب گوا تیٚلہٕ ییٚہ سأری ہٕے اندر تبدیلی؟

سہٕ اوس بس تِہنٛزی کِجی مست گوٗمُت۔ تس پیوٚ وذرٕ ذرٕ یاد کوتاہ یزاہ دیُت تمی تس

بچارِ تہٕ دِل کوتاہ چھو کہٕ دأوی کوٚرنس۔ تس ووتلیو توہند زردتہٕ زأویُل بتھی پیوٚنت ذٕہنس منز مگر یادِن ہنٛدِ امہِ بازگشتہٕ ستۍ اوس نہٕ سُہ ووٚنی پریشان کیٛنہہ تہِ۔ کیازِ تس اوس مولوم سُہ کوتاہ بے پناہ لول ورتأوِتھ چُکاوِ تٔہنٛدی سأری تکلیف۔ پتھ کالچن سختی ین، مصیبتن تہٕ ناچأ کی ین ہُنٛد کیا مانہِ مطلب چھُ ووٚنی۔ سوٗرُے کیٛنہہ حتیٰ کہِ توہند جرم۔ توہند سزا تہٕ قأد چھُ ووٚنی اکھ خأرجی احساس۔ اکھ عجیب وغریب حقیقتاہ یتھ ستۍ نہٕ ووٚنی تس کانٛہہ سروکار چھُ۔ مگر یتہِ چھےٚ حقیقت زِ امہِ رأژ ہیوٚ کنہٕ سُہ کُنہِ أکِس خاص کتھہِ پٮ۪ٹھ سوٗنچتھ تہٕ نہ اوس شعوری طور کُنہِ معاملُک تجزیہ کٔرتھ ہٮ۪کان۔ تس اوس صرف احساس گنان زِ تہٕنزن ژھرٕبن دلیلن ہنٛز جاے رٔٹ اکِہ ٹھوس زندگیہ تہٕ أہنٛزِ اوٗ تامچہِ زندگیہِ برخلاف چھُ بدل کیا ہتام أہنٛدِس دِماغس منز جاے رٹان تہٕ برویہ کارِ یِوان۔

تٔہنٛدِس شانٛدس تل اوس مقدس نوعہد نامہ۔ مشینی اندازس منز تُجی تٔمی سو کتاب اتھن منز۔ یہِ چھُ سُے مقدس عہد نامہٕ یُس سونیایہِ دژونس یٮ۪مہِ منٛزِ تمہِ لعزرسٕنٛدِ دُبارٕ زندٕ گژھنچ دٔلیل پٔرِتھ بوزٕناوٗنس۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس تس خدشہِ زِ سو ماکرِ تس مذہبٕ کِس معاملس منز پریشأنیہِ پأدِ۔ تہٕ انجیلہِ مُتلق کتھہٕ گٔری گٔری کرِتس مذہبی کتابہٕ پرِنس پٮ۪ٹھ مجبور۔ مگر سُہ گوٚوحأران زِ تمہِ کٔرنہٕ اتھ موضوعس پٮ۪ٹھ کتھے زانٛہہ۔ تہٕ نہ دِیتنس مطالعہٕ باپتھ نوٚو عہد نامے۔ تٔمی موٚنگ تس بیمار پٮ۪ٹھنہٕ برٛونٛٹھ یہِ تہٕ تمہِ اوٗنُس تہٕ پلنو ونس کانٛہہ کتھ کلامہٕ کرنہٕ ورأے۔ وُنیُستام أس نہٕ تٔمی اتھ نظر تہِ دِژٕمژ۔ مُژ رأوٕمژ ے أسن نہٕ۔

وُنہِ أس نہٕ تٔمی ازا انجیل مُژ رأوٕمژ تہِ زِ اکھ خیال آو تٔہنٛدِس دِماغس منز۔ "کیاہ توہند اعتقاد ہیٛکہِ ناووٚنی میون أستھ۔ تٔہنٛدی محسوسات۔ تہٕنٛدی تمنا تہٕ تہٕنز خأہشہِ گژھ کم از کم ............"

سو بچأرتہِ أس تمہِ دوٚہہ سخ اضطرابس اندر۔ تہٕ امہِ اندرونی خلشہ سببہٕ پٮ۪یہِ تمہِ رأژ بٮ۪یہِ بیمار...... مگر تس اوس نہٕ باسان...... کیازِ سو أس ازسکھ خوش...... تیژاہ خوش تیچ

نہٕ ووميد ے أسس ...... ستھ ؤری ......بس ستھ ؤری ...... چونکہ تہنز خوشوٕنی زندگی
أس ؤنی ؤنی تھنہٕ پیأمژ اتھ خوشی منز أسی تمن تم ستھ ؤری زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ستھ دوہہ
باسان۔ تس اوس نہٕ مولوم زِ یہٕ نٔو زندگأنی چھےٚ نہٕ کھوتن پۄنسن بیٚٹن واجینٛ بلکہ پیٚیس امہٕ
باپتھ سبٹھاہ درٛوگ قمتھ چکاوُن۔ تمِس پیٚن واریاہ بڈٕ مصیبت وچھٕنۍ تہٕ بارٕ جستہٕ خأز
پیٚیس کرُن۔

مگر تہٕ چھُ اکھ نوِ کہأنی ہُنٛد دٕسلابہٕ۔ أکِس انسانہٕ ہنٛدِ وارٕ وارٕ مرحلہٕ وار
طریقہٕ نٔو زندگأنی پژاونٛچ کہأنی۔ تہنٛدِ نوِ زنٛچ کہأنی۔ تہنٛدِ اکہِ دُنیاہ پیٹھہٕ بیٚیس دُنیاہس
منتقل گژھنہٕ کہِ سفرٕچ کہأنی۔ تٔہنٛد أکِس نوِ زندٕگأنی منز قدم تژاونٛچ کہأنی یوسہٕ
زندٕگأنی تس بالکل اویٚز چھےٚ۔ سُہ ہیکہِ نو کہأنی ہُنٛد موضوع أستھ امایوٚ زسأنی أزٕچ
کہأنی چھےٚ پیتھ اند واتان۔





# شمشاد کرالہٕ وآری

شمشاد کرالہٕ وأری چھُ کاشُرِ زبان وادبُک اکھ کارِوٕ گُن لِکھأری، صحأفی، شاعر، افسانہ نگار، محقق تہٕ تنقید نگار یُس پننہٕ دِتہِ کِنۍ پرٛتھ کاشُرِس ویوٚد چھُ۔ شمشاد کرالہٕ وأری چھُ کاشُرِ زبأنۍ علاوٕ عربی، فارسی اردو، ہِندی تہٕ انگریزی زبانٕن ہُند طالب علم آسنہٕ کِہ حیثیتہٕ پننہٕ ماجہِ زیوِ ہُندس دامنس شتہٕ تہٕ صاف الفاظو ستۍ ووتھہٕ وآشرِ دِنس منز اکھ اہم کأم نکھہٕ والان۔ نشریاتکس شوبس ستۍ وابستگی آسنہٕ کِنۍ میوٚل یمن کاشرِ زبأنۍ ہُنز خدمت کرنُک بر پوٗر موقہٕ۔ پننۍ ساسہٕ واد مضمون، مختلف پرگرامن ہِنٛدی ایڈیٹوریل، ڈراماتہٕ فیچر لکھنہٕ علاوٕ دِتۍ تِمو پروگرام ترتیب یمن ہِنٛدی مسودہ کتأبی صورت پرأوِتھ سہٕ کأشرِ زبأنۍ ہُند رُت بوگ بنیو۔ سائینسی ماحولیأتی تہٕ صحتہٕ کہ نِگہداشتِ بیٛدأری خأطرٕ لکھنہٕ آمتۍ یِہنٛدی ہتہٕ بدی مضمون نشر گژھنہٕ ینہٕ کِنۍ گیہِ نہ فقط لکھ ذہنی طور بیٛدأر بلکہِ پھیوٚر نوِ پیُہِ کأشرِ زبأنۍ ہُندِ باڈوک اندازٕ سپدتھ ماجہِ زیوِ اندر تِمو مضمون پھِرنک ظون۔ وُنیستام چھِہ یِہندی زٕ ترجمہٕ چھپے متۍ۔

۱۔ گوڈچھے یوان راتھ (ساہتہ اکیڈیمی) ۲۔ داغیس زٕ سیر (ساہتہ اکیڈیمی)

**ڈاکٹر فاروق فیاض**